# فوک ٹیلز آف کشمیر

جے ہنٹن نولز

کأشُر ترجمہ

پروفیسر بشر بشیر

جموّں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

# فوک ٹیلز آف کشمیر

جے ہنٹن نولز

کاشُر ترجمہٕ

پروفیسر بشؔر بشیر

جموں اینڈ کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ، کلچر اینڈ لینگوئجز

| | | |
|---|---|---|
| کتابہٕ ہُند ناو | : | فوک ٹیلز آف کشمیر |
| مصنف | : | جے، ہنٹن، نولز |
| کاشُر ترجمہٕ | : | پروفیسر بشر بشیر |
| ادارت | : | جاوید اقبال (ایڈیٹر) |
| | | ڈاکٹر گلزار احمد راتھر (اسسٹنٹ ایڈیٹر) |
| پبلی کیشن آفیسر | : | ڈاکٹر شازیہ بشیر |
| کمپیوٹر کمپوزنگ | : | محمد اسماعیل |
| چھپن وری | : | ۲۰۲۰ء |
| مول | : | ۲۵۰/روپیہ |

# فہرست

# عرضِ ناشر

کأشرِس لُکہٕ ادبس متعلق کُنہِ تہٕ سنجیدٕ تحقیقی کامہِ یا اتھ پیٹھ بنی کُنہِ سوٚمبرنہِ ہُنٛد سرنامہٕ لیکھنہٕ وِزِ یُس گوڈنِکُے جملہٕ کأٹسہِ تہٕ لِکھأرِس پانس کُن کل کڈِ سُہ چُھ جے ہنٹن نولزنہِ فوک ٹیلز آف کشمیر کہِ (FolkTalesofKashmir) پیش لفظُک ڈٕسلابہٕ جملہٕ یُس کُنہِ ترجمہٕ تہٕ تبدیلیہِ ورأے یتھ جایہِ درج کرُن مُنأسب چُھ:

KASHMIR as a field of Folk lore literature is, perhaps, not surpassedinfertilitybyanyothercountryintheworld.

کأشرِن لُکہٕ کتھن ہِنز گوڈنِچ سوٚمبرن تیار کرنُک فخر چُھ أمی ہِسے یورپی مأہرِ مشرقیاتس۔ ژھأٹھن کأشرِن ڈٕلیلن ہُنٛد انگریزی ترجمہٕ کرِتھ لیوٚکھ تٔمی ۲۸/ اپریل ۱۸۸۷ء امیُک پیش لفظ تہٕ ۱۸۹۳ء منز سپز کِگن پال، ٹرنچ، ٹرٗوبنر کمپنی (Kegan Paul,Trench,Trubner&CoLtd) طرفہٕ لندنہٕ پیٹھ چھاپ تہٕ شایع۔ نولز اوس عیسأے مذہبی مُبلغ تہٕ مِشنری بیٚیہِ ذأتی آوریرأستھ تہٕ سپُد کأشُر لُکہٕ ادبہٕ کہِ معیارتہٕ مقدارٕ کنِہ تیوٗت مُتأثر زِ ژوٗن وٕرِیَن کٔشیرِ منز ٹھہرنس دوران دِژن یہِ اہم کارنامہٕ انجام۔ حق چُھ یہِ زِ امی کتابہٕ ہنٛدی کنِہ چھ سُہ ازتہٕ مشہور۔ یہِ کتھ تہٕ ہکوٚ وٕنِتھ زِیہِ کینژھ ہاتہٕ أمی یوٚ رپیَن یہِ کأم انجام دِتھ کٔشیرِ دیُت تٔمہِ کھوتہٕ چُھ تس یہِ کٔشیرِ ہُنٛد بوٚڈ

دیُت زِامہٕ کنٛز مێچ تس زیادٕ ے ناماوأری۔

نولزِ پتہٕ ێمیٛ دوٚیم یوٗرپی عاألمن کأشرِ بن لُکہٕ کتھن کُن خاص پأٹھی توجہ دیُت سہٕ اوس ڈاکٹر سر آرل سٹائن۔ سہٕ اوس ڈاکٹر بُہلرُن شاگرد۔ بُہلرن یوٚ دوٚے سبٹھاہ ناأدِر کتابن ہنٛدی قلمی نُسخہٕ کشیرِ پیٚٹھ ژٕنتھ نی، تاہم میوٗل نہٕ تس کلہن نہٕ شُہرۂ آفاق تصنیف راج ترنگنی ہُنٛد نُسخہٕ۔ حالانکہِ تُمی اوس یہِ ییٚتہٕ وُچھمُت تہٕ۔ اَمہِ کے مارِ مَتہٕ آو ۱۸۸۸ء منٛز یور سِٹائن تہٕ تس آے ۱۸۸۹ء ہس منٛز مہاراجہ پرتاب سنگھنِس ہدایتس تحت گورنر سورج کول نہٕ ژٕسی راج ترنگنی ہنٛدی ساأری دستیاب نُسخہٕ آیتٕن تھاونہٕ۔ سِٹائن نی کشیرِ پیٚٹھ ساڈ ترٕ ے ہتھ ییٚٹھی ناأدر کتابن ہنٛدی قلمی نُسخہٕ تہٕ ۱۹۱۱ء ہس منٛز کرِن آکسفورڈ یوٗنیورسٹیہِ حوالہٕ۔ پنڈت گووند کول تہٕ پنڈت مکندررام نہٕ مَدتہٕ کوٚر تمی ۱۸۹۲ء ہس منٛز راج ترنگنی ہُنٛد چھاپنہٕ خاأطرٕ نُسخہٕ تیار۔ اَمہِ ہُر یمانہٕ یمہٕ کیٛشہ ییٚمہٕ علمی تہٕ ادبی کارنامہٕ ییٚتہٕ انجام دِتی تتھ منٛز چھےٚ تمن لُکہٕ کتھن ہنٛز سوٚمبرن ییمہٕ تمی حاتم تِلہٕ وأنی ناوٕ کس شخصس نِشہِ بوزِ تہٕ تُمی ہِنٛدِ یے بلجس منٛز ریکارڈ کرِتھ تہٕ وَکھنٕ تہٕ وبوٚھنٕ کرِتھ (HatemIsTales) ناوٕ شایع کرِ، یتھ منٛز کہہ (۱۱) ڈلیلہٕ شاأمل چھےٚ۔ جموں و کشمیر کلچرل اکیڈیمی چھ یہِ فخر زِ راج ترنگنی ہُنٛد کاأشر ترجمہٕ چھ گوڈٕ ے ترٕ بن جِلدن منٛز شایع کرنہٕ آمُت تہٕ حاتمٕ ٹیلز تہٕ چھےٚ گوڈٕ ے تسلیم شُدٕ کاأشرِس رسم الخط منٛز چھاپ تہٕ شایع کرنہٕ آمٕژ۔ اکیڈیمی چھےٚ کاأشرٕ بن لُکہٕ کتھن تہٕ لُکہٕ باأتن ہنٛز کیٛیا سوٚمبرنہٕ تیار کرِتھ شایع کرِمژٕ۔ ہمٛتِن نولزن یمہٕ کاأشرٕ لُکہٕ ڈلیلہٕ سبٹھاہ محنتہٕ پتہٕ جمع کرِتھ انگریزی پأٹھی شایع آسہٕ کرِمژٕ، تمہٕ واپس پننہِ آگرٕ زبأنی منٛز منتقل کرنٕچ کاأم اُس باقے۔ یہِ اہم کاأم ما

آسہِ ہے ییمہِ وجہ کِنۍ تہٕ پتھے پٔہن روٗزِتھ زِ ییمہٕ ڈیلیہٕ آسہٕ ترجمہٕ چہ صٲرِۍ منز سائی تھے، لہذا آو گوڈٕ ترجمہٕ لگہٕ کتھ چھاپ کرنک سئز کرنہٕ ییم نہٕ اوٚت تأنی لکھنہٕ تہٕ چھاپ آسہٕ کرنہٕ آمژ۔

FolkTalesofKashmir کتابہٕ ہُند کأشُر ترجمہٕ پرن والین تأنی واتناونس منز چھِ أسی خوشی محسوس کران ۔ یہِ ترجمہٕ چھُ کأشرِ زبأنی ہٕندی نامور ادیب تہٕ ووستاد پروفیسر بشر بشیر صأبن کوٚرمُت ییمو راج ترنگنی ہٕندِ بیشترِ حصک کأشُر ترجمہٕ کوٚر تہٕ یُس اکیڈیمی طرفہٕ شایع چھُ سپدمُت۔

یہٕندی بیٚیہٕ کینٛہہ اہم ترجمہٕ چھِ ساہتیہ اکادمی دِلہٕ تہٕ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی طرفہٕ شایع کرنہٕ آمتی، یِمن منز "مجموع التواریخ" مصنف بیربل کاچرو، "سوٚنتھ سبزار تہٕ دلبر" (باغ و بہار: میر اَمن)، "میٲنِس دوٚنس چھُ وُنہِ سبزار ( OurTreestill growinDehra-RuskinBond) وغأرٕ شأمل چھِ۔ وومید چھےٚ زِ پرن والین کھسہِ یہِ کأم ٹارِ تہٕ تحقیق کار تہٕ نقاد ہنٛس سو دِلہٕ سام۔

منیرالاسلام (کےاےایس)
سیکریٹری

# گوڑ کتھ

لُکہ ادب چُھنہٕ کُنہ تہٕ قومہ کہِ اجتمأعی لاشعورٕک تہٕ نفسیأتی رٕ ودیک أنہٕ ماننہٕ یوان، یتھ منٛز نہٕ صرف ماضی تہٕ حالہٕ کین واقعن ہنٛز عکأسی چھےٚ سپدان تہٕ تمن متعلق خوشی یا ژٕھکرٕکین جذبن تہٕ احساسن ہنٛز باوتھ چھےٚ میلان بلکہِ چُھ اتھ منٛز مستقبل خأطرٕ اُمیدن تہٕ آرزوٕین ہُنٛد تہٕ سیٚد سیٚو دیاورگہ پأٹھۍ اظہار میلان۔ یۆہے چُھ وجہ زِ لُکہٕ ادب چُھ قومن ہُنٛد توأریخ، تہنٛد سوچ تہٕ نفسیأتی رٕ ویہٕ زاننک ماخذ تہٕ ذریعہِ تسلیم کرنہٕ یوان۔ کٔشیر، کأشرِس ثقافت تہٕ توأریخس ستۍ دلچسپی تھاون والیٚو واریاہو دأنشوروٚ چھےٚ ییٚتہِ کہِ لُکہٕ ادبہٕ کہِ حوالہٕ کأشرین ہنٛزٕ دأنشمندی تہٕ فہم وادراکس متعلق دلچسپ تہٕ قأبلِ توجہ کتھہٕ لیچھمٕژٕ۔

لُکہٕ ادبٕچ روایت نسل درنسل قأیم تہٕ متوأتر روزنس منٛز چُھ امیُک تفریحی عنصر کأفی اہمیت تھاوان۔ موجودٕ زمانس منٛز ییٚلہِ تفریحکۍ نوٚہنہٕ ذریعہٕ تہٕ وسیلہٕ مُروج سپدۍ تمہٕ کنۍ ہیٚتین تتھی نظریہٕ تہٕ ثقافتی پہلو عالمی سطحس پیٹھ مُشتہر تہٕ عام سپدٕنۍ یمن ہُنٛد تعلق تتھین قومن ستۍ چھُ یمن موجودٕ دورس منٛز مألی اعتبارٕ تہٕ تکنیکی ذریعن پیٹھ اجارٕ دأری حأصل چھےٚ۔ امیُک اکھ منطقی نتیجہ ہیٚکہِ یہٕ أستھ زِ کینٛژن خطن تہٕ علاقن منٛز ساسہٕ واد

ۆ رِیَن ہِنٛد بن انسانی تجربن پٮ۪ٹھ بنی یاداشتن ہِنٛدِس بڑ وٕنہہ کُن ترسیلس منٛز دُشوآرِیَو کِنیٚ ہٮ۪یتن یم منساونہٕ ینٛزِ۔ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی قایم سپدنہٕ پٮ۪ٹھے رٕودیہ اِدارٕ یِمہ خطہٕ کِس ثقافتی وِرثس رأچھ کرنس تہٕ پوچھر دِنس منٛز پرٛتھ ممکن حدس تانی پٔننی کوٗشش جأری تھأوِتھ۔ اتھ سِلسلس منٛز رٕودیہ اِدارٕ لُکہٕ ادبہٕ چیٚن مختلف صِنفن منٛز موجود سرمایہ جمع کٔرِتھ شایع کران۔ وُنیُک تام آیہٕ کأشرِ بن لُکہٕ بأتن، لُکہٕ کتھن، شُری بأتن بیترِ پٮ۪ٹھ مشتمل درجن وادسوٚمبرنہٕ چھاپ کٔرِتھ محفوٗظ کرنہٕ۔ کأشرِ بن لُکہٕ کتھن پٮ۪ٹھ مشتمل یہِ سوٚمبرن تہِ چھےٚ امے سِلسِلُک اکھ کوٚر۔ یتھ کتابہِ منٛز موجود ٲلیلہٕ آسہٕ گوڈنکہِ پھِرِ ناماوارعالِم ہِنٛٹن نولزن سوٚمبراوِمٕژ تہٕ انگریزی ترجمہٕ کٔرِتھ شایع کرِمٕژ۔

درِدس کتاب چھےٚ واپس پٔننہِ آ گرزبأنی منٛز یِمہٕ دلیلہٕ پھِر ینٛچ کوٗشش۔ یتھ منٛز یہِ خیال تھاونہٕ آو زِ أسی روزو انگریزی متنس نکھٕ ڈکھ، تِکیازِ یِمہِ آیہِ یِمہٕ کہأنیہِ انگریزی زبأنی منٛز ترتیب چھےٚ دِنہٕ آمٕژ، سُے چھُ سون وُنی کینٛہہ ماخذ تہٕ اَمہِ نِشہِ انحراف کرُن چھُنہٕ انصافکی تقاضہٕ پوٗرٕ کران۔

وٕمید چھےٚ زِ پرٛن وألی ہاون کأشرِ بن لُکہٕ کتھن پٮ۪ٹھ بنی یتھ جِلدس ستی تہٕ دلچسپی تہٕ لُکہٕ ادبس پٮ۪ٹھ تحقیق کرن والین تہِ لگِہ یہِ بکار۔

جاوید اقبال

ایڈیٹر

# ترجمہٕ کارٕسٕنز گوڈٕ گتھ

کٲشیر چھےٚ پَتہٕ وَتھ پَنہٕ نۆن خۄصۄرتی وَجہٕ مشہوٗر تہٕ اَمہٕ کِنہ چھےٚ پَر مُلکَن تہٕ دوٗرِ دوٗر علاقَن ہِنٛد بن لۄکَن پانٕس کُن گَل کڈان آمٕژ۔ فطری مٲرٕ منٛدِیُت گوو اَسہٕ تھِے یٚیمیک شہرہ دُرٕس دُنیاہَس چھُ۔ اَتھ ستٕی ستٕی چھےٚ یٚیمہٕ علاقٕچ مخصوٗص جغرافیٲیی پوٗزیشن، علم ارضیات کِمن مٲہرَن ہِنٛدِ مطالعہٕ خٲطرٕ دِلچسپ آسنَس ستٕی ستٕی مختلف سیٲسی تہٕ ثقافتی اعتبارٕ وَکھرٕ انسٲنی مزازَن، کہو ویوہٲرس منٛز پننہٕ انفرٲدِیَت تھاوان۔ ہمالیٲیی بالہٕ سِلسلس منٛزٕ باگ یتھ حُسین وادی چھُ یِتھہٕ اَکھ قدرتی محل وقوع یٚیتہٕ الگ الگ تہذیبَن تہٕ ثقافتی ماحولَن منٛز پھٲلیمتین ذیہنَن نہٕ صرف پانہٕ وٲنی رٲبطہٕ تہٕ خیالَن ہُنٛد تبودلہٕ روٗدسپد ان بٔلکہٕ اکثر صوٗرژَن منٛز کُنہٕ خٲرجی دباوٕ ورٲے دَم دِتھ سوچنک موقعہٕ تہٕ روٗدمیلان۔ اِمیک بوٚڈ جغرٲفیٲیی وجہ چھُ کٲشرِ ہُنٛد تھدبوتہٕ وُلینگ شینہٕ بالوستٕی ڈٕلتھ آسُن۔ میسوپوٹامیا، چین تہٕ سِندھ وادیہٕ ہِنٛدی پرٲچین تہذیب تہٕ اَکھےٚ یونان کس سکندر اعظمہٕ سِنٛدِ وقتہٕ میسوپوٹامیا تہٕ اسلٲمی تہذیب کہٕ ایرانس تہٕ تمہٕ پتہٕ ہندوستانس کُن کاڈ کڈنَس دوران تہٕ بٕنیو واورٕ یورٲبٹس درمیان یہٕ خطہٕ سٲلانین، ایلچی یَن، باپارین، فوجیَن، فلسفین تہٕ دانشورَن ہٕنٛز اَکھ تھکہٕ پینٛڈ۔ گاہے

أسی مادأنی تہٕ گرم ؤطن ہٕنٛدی لۄکھ ہرٕ کالہِ ہیٚو یوراژان تہٕ شُدٕ ژہنٛدٕ وٚنٛدٕ کالہٕ کنٛی أسی رہتہٕ وادَن ییٚتی روزان۔ یہِ گٔتھ تہِ چھےٚ توجہس لایق زِ یِمو مختلف مذہبی تہٕ روحأنی فلسفو ییٚتہِ اَکھ أکِس پَتہٕ پھاپھجار تہٕ وُسجار پٔرٕووتمہٕ کِس پَس منظرس منٛز رۄد تِمَن جغرافیأیی تہٕ موسمی حالاتَن ہُنٛد عمل دَخل یِمو کنٛی ییٚتہِ بسکیٖن ہٕنٛدی ذیٚہَن متوأتر سوچہِ کہِ عملہِ کنٛی زرخیز چھِ بنان رۄدی متۍ۔ تخٔیل کاری تہٕ تخلیق کأری خأطرٕ چھُ یہِ علاقہٕ ہر ہمیشہِ موزوٗن تہٕ گُل کَڈوٗن رۄد مُت۔ نہ صِرف عأِلم تہٕ دأنشور بلکہِ عام لۄکھ تہِ چھِ ادب نواز تہٕ تخلیقن مازان رۄدی متۍ۔ اَز برٕ وٕنہہ گۄڈنتأنی دٔہلہ تہِ اوس کٔشیرِ منٛز یہِ طٔریقہٕ عام زِ اَن پٔرٕ ھ تہِ أسی شہرتھ کأنسہِ نأمی شأعرٕ سنٛز کتاب مٔلی أنتھ گرِ محفِل آراستہٕ کران تہٕ کأنسہِ پٔرِ ہنہٕ شخصس اتھہِ کتاب پرنأوِتھ أسی محظوظ تہِ سپدان تہٕ اَتھ بابرکت تہِ زانان۔ تِتھےٚ کنٛی اوس مختلف طبقَن تہٕ وأنسَن ہٕنٛدبن لۄگَن منٛز پنٕنہِ پنٕنہِ ذہنی معیارٕ مطأبق نثر تہٕ نظمس منٛز دٔلیلہٕ، دلأییہِ ہنٛز گتھہٕ، پرٕ بٕ، کہاوٕ ژ تہٕ تِمَن ہُنٛد پوٚت منظر وبٕ ھنأوی وبٕ ھنأوی بوزنُک تہٕ بوزناونُک عادت۔ اَوے چھُ کٔشیرِ منٛز اثر وانٛثر ولٕگہٕ ادب تخلیق سپدان رۄد مُت تہٕ سینہٕ بہ سینہٕ بٕ وٕنہہ پکان رۄد مُت۔

گۄنوہمہِ تہٕ دُہمہِ صٔدی منٛز یِم یوٗرپی کٔشیرِ وأتی تِم سپدی ییٚتہِ چہِ ثقافتی زندگیہِ، زبأنی، ووتھنہٕ بیٚہنہٕ کِنِن طور طریقَن، فلسفَن، توأریخی جاین تہٕ لۄگَن ہنٛزٕ یِمَن چیٖزَن تہٕ تصورَن متعلق غأر رأرأ دی تہٕ غأر شعوٗری دلچسپی ڈٔہشتھ سبٔتھہ مُتأثر تہٕ یہِ کینٛژھا وقت یِمَن ییٚتہِ روزنُک میسر سپُد تِتھ منٛز یوٚرِ نہٕ تِمو پٔنٕنی ہکم برنس کأنٛہہ ولیہِ۔ کٔشیرِ ہٕنٛدی کتی نأدر داستاویز تہٕ چیز یِم تِمَن بَدَس آے تہٕ پانس ستی نِتھ ہیٚکی تِم نیٚکھ۔ اَتھ ووٹہٕ

ژھانٛڈِ دژاے نہٕ منفی نتیجے یاٗتی بٔلکہِ مثبت تہٕ یہِ زٕن علٔمک خاصہٕ چھُ۔ گوڈنٛیکے یہِ زِ وارِیہن ہٕدی ینٛ ہٕنز لارٕ لارِتہٕ بناوتہٕ، کنٛہ یُس ثقافتی شعوٗرِ موردٕ اوسُن ہیوٚتمُت سَپدُن تتھ متعلق ہیوٚتُن کاٗشرِ کاٗشرِ ظون بیدار گوٚھن۔ ییٚم دستاویزٕ لوٚکو براٗرِ کاٗتین بُرتھ منساٗوی ہٕتی اٗسی تِمن لوٚگ پھٕیر تہٕ اِدیوٚت واٗتی تہٕ توٚت توتہٕ سَپدی محفوٗظ حالانکہِ یہِ عمل اٗس نہٕ دیانتداٗری ہٕندی تقاضہٕ پوٗرٕ کران بٔلکہِ گوٚھی یتی محفوٗظ کرٕنٛکی سٕز کرنہٕ آمتی آسٕنی۔

عواٗمی یاداشت تہٕ باسیاو کینٛہ ون عاٗلمن سبٹھے موٗلُل تہٕ یہِ جمع کٔرِتھ تہٕ ہیوٚک کینٛہہ اہم سرمایہِ پننہٕ والین نٔسلن خاطرٕ بچاونہٕ یتھ۔ اَتھ سِلسلس منز چھُ سون لُکہِ ادب تہٕ باقیٕ ہٕنزن ہٕندی پاٹھی اَکھ بیش قیمت تہذیبی سرمایہِ یُس ازکل کِس دُنیاہَس منز تہٕ انساٗنی تہذیبک تواٗریخ بدِ کڈنَس منز اہم آگُر چھُ مانٛنہٕ یِوان۔ اَمہِ حسابہٕ کوتاہ بختاوار چھُ کاٗشُر قوم تتھ متعلق یوسہٕ گوڈنچ کتھ ییٚمہِ سوٚمبرنہٕ ہُنٛد ترتیب کارہٕنٛز نولز پننہٕ کتابہِ ہٕنٛدِس دیباچس منز چھُ لیکھان سوچھے چشم کُشا۔

یہِ سوٚمبرَن چھے مختلف اعتبارٕ سبٹھے اہم تہٕ تتھ متعلق ہیکَن پننہٕ واٗلِس وقس منز مختلف نوکتہٕ نظرو، کنٛہ بحث و مباحثہ سپدِتھ تہٕ وبوٚھنیہِ پٹھ منٛی کتابَن ہٕندی خبرٕ کتی جلد ہیکَن بارَسس یتھ۔ وَقتہٕ کیو دولابو دِژنہٕ پتِمس ہَتس وٕری یُس تہٕ اَسہِ منز کاٗشرِ اَکِس اورکُن وتھ زاٗ کی یوٗرپی عاٗلمن ییٚمہِ سرماتچ اہمیت زاٗنِتھ یہِ پننہٕ زباٗنی یعنی انگریزی یَس منز ترجمہٕ چھِہ صورژ منز بڑ وٕنیہہ کُن اوٗن سہٕ کیاہ ییہِ ہے واپس پننہٕ آگر زباٗنی منز تہٕ شایع کرنہٕ۔

پرن وألی ہیکن یہِ سہل پأٹھی اندازٕ کرِتھ زِیمہٕ کہأنیہٕ گتھ حدس تانی چھےٚ وۄنی مشر پھٕس گمژٕ۔ یہِ گتھ تہٕ چھےٚ وارِیٛہس حدس تانی گاٹک احساس ووتلاوان زِیمہٕ ڈلیلہٕ ترجمہٕ کرنٕس دوران آسہِ ضرور رِیہنٛدِس تتھ متنس منٛز لفظہٕ پھیرٕ یتھ منٛز یمہٕ اَز بۄ وۄہہ اکھ صدی وَننہٕ آسہِ ہن یِوان۔ بہرحال ڈھانچہٕ چھُ موجوٗد یتہٕ چھےٚ بڈ گتھ۔

پرن وألی کرٕن یتھ گتھہٕ ستی اتفاق زِ یہِ کتاب تہٕ چھنہٕ وۄنی سہل سہل میلان۔ کُنہِ کُنہِ پرٛانہٕ لایبریری منٛز چھےٚ موجوٗد تو۔ کٔزتہٕ اَس یہِ ترجمہٕ کرٕنی وتھک اہم ضرورت۔ ریاستی کلچرل اکیڈیمیہِ کرِ پتھ کُن کأشرِ بٕن لُکہٕ کتھَن ہنٛزٕ کینٛہہ سۄمبرنہٕ شایع تہٕ اکھ جٕتے حاتم تِلہٕ وأنی ہنٛزٕ بیان کرمژٕ تِمہٕ کہأنیہٕ تہٕ آیہٕ کأشرِس رسم خطس منٛز چھاپ کرنہٕ یمہٕ جارج ابراہم گریرسنن محفوٗظ آسہٕ کرٕمژٕ۔

تفصیلو وأرے پرٕن والین ہُندظون یمَن کینژن کتھَن کُن پھرُن چھُ لأزِم باسان زِ یتھ سۄمبرنہِ منٛز یمہٕ ڈلیلہٕ شأمل چھےٚ کرنہٕ آمژٕ تِہنٛزٕ نوعیت چھےٚ بلکُل سوٗے یوسہٕ لُکہٕ کتھَن آسان چھےٚ تہٕ تِمے خأصیژ چھےٚ یمَن کہأنین تہٕ۔ یمَن ڈلیلن منٛز چھُ یژ پأٹھی سُے ماحول تہٕ سوچَن تژ اے یوسہٕ کشیرِ تہٕ بیٛتہِ کین روزٕن والین چھےٚ۔ البتہٕ چھِ یمَن ڈلیلَن منٛز تِتھی کٕتہِ منظر یہنٛزٕ نوعیت تخیلس پیٹھ مبنی دۄروأ رانٛن، جنٛگلن تہٕ پٔرستانَن ہنٛدِس تصورس متعلق چھےٚ۔ کہأنین منٛز چھِ یژپأٹھی تِمے کرداریم اَسہِ أنٛدی پٔکی وَنہِ چھِ یِوان تاہم چھےٚ یمَن کردارَن تِتھہٕ کینٛہہ خأصیژ یِموٚ کٔنی یم ممتاز چھِ بنان تہٕ بلکُل الگ تہٕ کرِتھ تِھٕن صورت حالَن منٛز عام لۄکن ہنٛدِ رٕوی یہِ تہٕ بترٕ نِشہٕ تِیٚتھ کینٛہہ خاص تہٕ زیادٕ چھِ کران زِ انسان چھُ کریمانہٕ کٕڈان تہٕ بوزٕن وألِس چھےٚ یمہٕ کہأنیہٕ دلچسپ باسان۔

یمَن لگہٕ کتھَن منز چھِ مرد تہٕ تہٕ زنانہٕ کردار تہٕ یم انسأنی تہٕ چھِ تہٕ غأر اِنسأنی تہٕ یعنے یمَن ڈیلیَن منز چھِ جنَن تہٕ پرٕی ین ہندی کردار تہٕ۔ اکثر صوزٕ ژن منز چھےٚ مرد کردارن ہنزِ ے بالادستی ہاونہٕ آمٕژ تاہم چھےٚ زنانہٕ کردارن ہنز خوبصورتی یا تہٕند مال ودولت باضے مردن ہنٛدِ خأطرٕ قأبلِ رشک بنتھ پنٛن پان داوس لاگنج تہٕ گل کڈان۔ کینژن ڈیلیَن منز چھےٚ مرد کردارس وارٕہہ یا اکہِ کھوتہٕ زیادٕ زنانہٕ تہٕ گنہِ گنہِ چھےٚ پنٛنی آشنٕی مردس بپیٚس زنانہٕ ستی کھاندر کرنس منز مدد تہٕ کران۔ اَمہِ باوجود چھس اِنسأنی فطرٕ ژٕکنی مغلوب سپدتھ تمہِ وَقتہٕ دوٚیمہِ زنانہٕ یا نوٚ پننہٕ سونہٕ ستی تمہِ ساعتہٕ حسد تہٕ دٕیہ ہُنٛد جذبہٕ منس منز کاڈ کڈان یپلہِ تَس منز پأنس کھوتہٕ کینٛہہ زیادٕ بہتر چھس باسان مِثالے پانہٕ آسہِ ہاٹھ تہٕ بپیٚس زنانہِ زیوٚنچُو یا تسنٛز سون آسہِ تیژ خوبصورت زِ خانہٕ دار آسہِ تَسی یوت گن مأیل۔

زَن، زَر تہٕ زٔمین چھِ پتہٕ وَتھ لوٚگن ہنزِ لالچہٕ ہندی بُنیأدی سبب گنٛزرنہٕ یوان تہٕ یم حأصل کرنہٕ خأطرٕ چھِ پزٕبتھ درجکی لوکھ مختلف وَل تہٕ ژھَل ورتاوان آمتی۔ گاہے چھُ اَمہِ خأطرٕ مژہ زور تہٕ گاہے شود بود کار آمد بنان۔ یہِ عمل ہیکہِ اخلأقی تہٕ اَستھ وۄن گو وزیادٕ پہَن چھُ بداخلأقی ہُنٛدُ ے پوٚتژ گوٚب روزان مگر لگہٕ مزاجس چھُ تسکین تتھ صوزٕ ژ منز میلان ییتہِ کردار کمزور اَستھ حوصلہٕ مند آسہِ یا طاقتور اَستھ انصاف پسند تہٕ نرم دِل آسہِ تہٕ یہَے چھےٚ کردارہٕ سنٛدِ ہیر ونٛچ بڈ ضمانت۔ کأشرِ بن لگہٕ کہأنین منز تہٕ گژھَن اَسہِ بیشتر تِتھی کردار نظرِ۔ گنہِ گنہِ چھِ یمَن ڈیلیَن ہندی کینٛہہ رانٛڈ کردار تہٕ پننہِ عیأریہِ کنی قأبلِ توجہ بنان۔ خاص کٔرتھ تژھَن جاین ییتہٕ پننہٕ

چالاکی ہِنٛدؠ یِتھ کردار ہَتہٕ وادلٕوگن سوچنہٕ سمجھنٛک طاقتھے زَن تہٕ مفلوٗج گٔرِتھ چھُ ترٛاوان۔ یِتھ سوٚمبرنہٕ منٛز چھِ اکھ اندٕ شرف طاقتھے زَن تہٕ مفلوٗج گٔرِتھ چھُ ترٛاوان۔ یِتھ سوٚمبرنہٕ منٛز چھِ اکھ اندٕ شرف تہٕ شبرنگ ژٕور رہوی کرداراَیچ زبر مثال تہٕ دوٚیِمہِ اندٕ چھِ بادشاہ، شہزادٕ، ملکانہِ تہٕ شریف خصلتٕ ہنٛدؠ تِتھی کردارٕ یِہنٛد وو ہار بوزَن یا پَرَن وأٔلِس یِمَن متعلق خوش پٕونی جذبہٕ ووتلاوان چھِ۔

یِتھ سوٚمبرنہٕ منٛز شأمِل کہأنین ہُنٛد ماحول چھُ یِژٕپأٹھی کأشُر ے۔ لہذا چھُ باغن، بہارن، پوشن، آبشارن، پوشن تہٕ جاناوارن ہُنٛد ذِکرتہٕ لازمی کتھاچھےٚ زِٕلیلہٕ منٛز کشمکش تہٕ مُتضاد صورتحال باوتہٕ خأطرٕ چھِ وأٔرارن، وُڈرٕ، ڈٕ دوَن، کھنگرتہٕ بال، وأناکھ گوپھہٕ، دژنہٕ، دیوتہٕ دژ ینٛٹھال وَنہٕ یوان۔

سوٚمبرنہٕ ہنٛز بیاکھ خصوصیت چھےٚ یہِ زِ یِژٕ یِتھ کہأنیہٕ ہِنٛدِس راوی سُنٛد چھُ ترتیب کارَن نادورج کوٚرمُت۔ اکثر راوی چھِ بٕتہٕ۔ یِیمیک اکھ وجہ یہِ ہیکہِ أستھ زِ شہرِ خاصَس منٛز روزنہٕ کِنٛز آسہِ ہے ترتیب کارس یِمنےٚ ہِنٛدؠ ژٕور پہَن رأبطہٕ تہٕ یِتھ پایہِ ورگن ہِنٛدؠ ڈٕلیلہٕ گٔرؠ آسہٕ ہَن پٔننہِ کمتری ہِنٛدِ احساسہٕ کِنٛز پانہٕ تہٕ یِتھ پِتھے روزان تہٕ تکن گٔرؠ تہِ آسہٕ ہنٛکھ نہٕ بڑٕ ونٛہہ کُن یِنَس اَتھ وَتھ دِوان۔ سبٕتھے کم ڈٕلیلَن ہِنٛدؠ راوی چھِ مُسلمان تہٕ یژھَن جایَن تہِ چھُنہٕ راوی سُنٛد ذأتی ناو بلکہِ تِمٕ ہِنٛدِ پیشُک حوالہِ دِتھ سُہ گأل کھأتَس ترٛاونہٕ آمُت گویا کہأنی ہِنٛدِس راوٕیَس چھُ نأوِد، گرٛوٗس یا پوٚہل لیکھنہٕ آمُت۔

کہأنین منٛز استعمال سپدَن وأٔلی اصطلاح چھِ موقعہٕ محلہٕ مُطأبق۔ گویا الگ

الگ آبادی ہنٛد بن طبقن منٛز ییٚمہِ حسابہٕ تم راتٕ تیٚج چھِ تمے مُطأبق چھِ کہأنیَن ہنٛد بن کردارن ہنٛز زیٚوٕ تہٕ منظرن ہنٛز عکأسی کرنہٕ خأطرٕ بیان کرنہٕ آمٕتۍ۔ ترتیب کارن چھےٚ کُنہِ کُنہِ تِتھین اصطلاحن ہنٛز حاشیَن منٛز وضاحت کرمٕژ وۄں گووترجمس منٛز اُس یہِ وبڑھنے غأر ضرۄری تِکیا زِیم سأری اصطلاح چھِ پزٕ بتھ کأشرِس ویٚدِکہ تہٕ وَننہٕ۔

کتابہِ منٛز چھُ کُنہِ جایہِ کہأنیَن یا کردارن تہٕ منظرن ہُنٛد دۄیمین زبأنین ہنٛزن کہأنیَن ستۍ ہشر تہٕ ہاونہٕ آمُت مگر یم حوالہٕ چھِ سیٚٹھے سرسری تہٕ کیٚنژن صورژن منٛز ئلی گنڈِتھ تھاونہٕ آمٕتۍ ییٚمہِ کِنۍ یم ترجمس منٛز شأمل کرُن ضرۄری باسیاونہٕ۔

یِمَن کہأنیَن پیٹھ چھُ کأشرِس قومس گوڈنیکۍ دعواہٕ حق۔ پٔژن یہِ نظر وڈۄلمُت سرمایہِ واپس پٔژن لفظٕ وَردَن ۄلِتھ پیش کرنس منٛز چھےٚ مےٚ خۄشی تہٕ پننہٕ والین نٔسلَن ہنٛدِ خأطرٕ پننہٕ نین پیشرَون ہنٛز یہِ موٗلِ وراثت رژھراونٕچ کوٗشِش چھےٚ سکوٗن تہٕ اطمینان تہٕ بخشا۔

بشر بشیر

# ترتیب کارٕ سٕنٛز گوڈٕ کتھ

کٲشِر چھِنہٕ لُکہٕ وۄترٕ کس ادبی مأدأنس منٛز غألِبن پٔننہِ زرخیزی اعتبارٕ دنیاہکِ کُنہِ مُلکن پَتھ ہیچھٕ ترٛأوِتھ۔ تہٕ أستھ تہٕ یُدوَے أسی پزٕبتھ ؤری یہِ بنگال، بمبے، مدراس، پنجاب تہٕ باقٕے جایو پیٹھٕ أتھ موضوعس پیٹھ کتابہٕ چھِ چھَپان وُچھان تہٕ یێلہِ زن Indian Notes and Queries-The India Antiquary تہٕ یَمو پَتہٕ The Christian College Magazine تہٕ The Indian Evangical Review ہِو بن رسالَن منٛز چھِ متوأتر طور پزٕبتھ شُمارس منٛز اَمہِ موضوع کہِ حوالہٕ کم یا زیادٕ مناسبتہٕ مضموٗن چھپان روزان تہِ گٔرِتھ تہِ چھُ یہِ مأدان پٔتھ تہٕ لوٗنٛس وأتتھ تہِ الکہٕ پَلہٕ ہێلی ٹُلنے۔ یَتھ منٛز چھِنہٕ شک زِ پَننہِ الگ تھلگ محل وقوع تہٕ اتھِ زبأنی ہُنٛد مُشکل آسنس تہِ چھُ کُنہِ حدس تانی بظأہر اَمہِ کِس منساونہٕ پٔنس سٟتی تعلق۔ ئہ چھُس یێمہِ کِنٛز وارے خوش زِ اَتھ وادیہِ منٛز ژورن ؤرِیَن روزنہٕ کِنٛز میوٗل مے فأیدٕ تُلنس موقعہٕ۔

تبلیغی کأم کرن وألی سُند پیشہِ چھُ تَس لۄکن سٟتی بڈٕ قریبی تہٕ متوأتر تعلق بناوان یَمن نِش چھُ انسان میأنی پأٹھی لوٚت لوٚت ناوِ منٛز یا وَتہِ پکان پکان یا کُنہِ

عارضی مکانس منز بہتھ یا سکوٗلس منز پرناوان وارِیہہ چیز ہیچھان۔ یمہٕ ڈلیلہٕ سۄ مبراونک بڈیاۆدی مقصد اوس کاشُرِس متعلق کینہہ زان پڑاونی یوسہٕ سراسراَکھ عام بول چال چ زبان چھےٚ۔ میوٚن دۆیُم مقصد اوس زِ یہٕ گرِ ہالوٗکن ہنٛدبن سوچن تہٕ طور طریقن متعلق تہِ کینہہ دریافت۔

پتہٕ لاجہِ مےٚ یمو منزٕ کینہہ ڈلیلہٕ اَکِس ہندوستانی رسالس منز چھاپناونہٕ۔ تِمن ہنٛدِ مشورٕکِنۍ یِہنٛدِس مشورس یہٕ خاص قدر چُھس کران آمادٕ سپدِتھ چھس یہٕ وۄنی یمہٕ سارے ڈلیلہٕ سۄمبرِتھ اَکِس کتابہِ منز شایع کرنٕچ جسارت کران۔ یُتھ زَن یمہٕ تعوفل کبو پنجومنزٕ بچاوِتھ ہیکَکھ نتہٕ ہیکَن یمہٕ تھٔوِتھ منز پتھ۔

غالبَن چھےٚ یمو منزٕ زیادٕ پہَن ڈلیلہٕ بذاتی کٔشیرِ ہنزٕ ےیلہِ زَن باقۍ کُنہِ شکہٕ وراۓ تِمَن کہانیَن ہُنٛدٕ ےبیا کھانہار چھُ یمہٕ ہندوستان تہٕ باقۍ علاقَن منز مقبوٗل چھےٚ تہٕ یِمَن زبانی ہنٛدِ مزاجہِ ،سوچنہٕ کہِ طور طریقہٕ تہٕ یِمہِ مُلکہٕ کہِ سماجی ورتاوٕ مطابق ترمیم کرِتھ یتہِ خاطرٕ موزوٗن چھےٚ بناونہٕ آمٕژ۔ یمو منزٕ کینژن کہانیَن ہُنٛد وارِیہہ ہِشَر ہیکو اَسۍ یورپی لُکہٕ کتھن منز تہِ لبتھ۔ ’’زٕ بارٕنی‘‘ کہانی ہیکون اَسۍ سیوٚد یاۆ ٹھ پٔرِ تھے ہِشہٕ ڈلیلہِ St.George and the Dragon سۍتۍ ہشر اوِتھ ےیلہِ زَن وارِیہہ لوکچہِ ڈلیلہٕ زِ تِچھَن لُکہِ کتھن منز رلاونہٕ چھےٚ آمٕژ تہٕ یژ پایٹھۍ مرد یا نسوانی مرکزی کردار سنٛز حالت واضح کرنہٕ خاطرٕ بیان چھےٚ کرنہٕ یِوان تہٕ یِہنٛد انہار ہیکو اَسۍ وارِیہس حدس تانی فرانس، جرمنی، یونان، روس، برطانیہ تہٕ باقۍ مُلکَن ہنزن ڈلیلن منز کھرٕ ٹھ کرِتھ پرزناوِتھ۔

ییٚتِھ چھُنہٕ مےٚ یِمَن کہائنَین ہُنٛد آگُر لَبنٕچ کانٛہہ کوٗشِش کرنٕک اِرادٕ۔ یِمہٕ چھاگوڑٕ مشرقس منٛز کِنہٕ مغربَس منٛز پاد گمٕژ تہٕ ترٛاوٕبہٕ زیادٕ پھٔہَن مأہرن تہٕ عالمَن ہِنٛدی ہِسے سوچَس پیٹھ یُتھ تَم وَنَن "یَتھ منٛز چھُنہٕ کہنٛہ شَک زِ وارِیہہ مشرقی کہانیہٕ گرِ چنگیز خانٕنہِ وَقتہٕ ہُنٛو یورپَس منٛز متعارف۔ یِمو منٛز آو وارِیہہَن کہائنَین فارسی یَس منٛز ترجمہٕ کرنہٕ تہٕ تَتہِ پیٹھہٕ سِریأنی تہٕ عربی یَس منٛز"۔ غالبَن واتناوِ عربو یِمو منٛز کینٛہہ کہانیہٕ یوٗرپ تہٕ صلیبی جنگس منٛز شأمل ہیٚو یورپی حملہٕ آوَرو واتنأوی یِمَن ہِنٛدی کینٛہہ حِصہٕ پَنٕنین پَنٕنین مُلکَن۔ یِتھہٕ کنٛی اَسہِ معلوٗم چھُ زِ یِمہٕ دٔلیلہٕ سپٕز قروٗنِ وسطیٰ ہَس منٛز مغربس منٛز زبردست مقبوٗل یَیلہِ داستانَن ہِنٛدِ ذٔریعہِ گتھ سمجھاونُک طریقہٕ یہِ زَن مشرقس منٛز پَتھ کالہِ وارِیہہ مقبوٗل اوس سپٕدھے حدس تانٛی مغرب کوٚ بھکشو ہوتہٕ باقے مذہبی تعلیم دِنہٕ والیو اَن پڑھ بوزَن والیو ہِنٛدِ بن ذیہنَن منٛز اثر پأدٕ کرنہٕ خأطرٕ پانٕنو "یَتھ جایہِ منطقی جوازتہٕ مُبہَم دٔلیل کمہٕ کھوتہٕ کم اثر کرنَس منٛز تہٕ ناکام سَپدِ تَتہِ چھےٚ اَکھ موذوٗن یاز برپأٹھی بیان کرنہٕ یِنہٕ وانٛجی کہأنی توجہ ہبکان پھِرناوِتھ۔"

پَنٕنِو اخلاقی تہٕ مذہبی مُناسبژ وَکنٛی پیوٚ یِمَن داستانوی بیانَن ہُنٛد تِمَن دوہَن ہِنٛدِس ادبَس پیٹھ نوٚن تہٕ ٹاکارٕ اثر۔ مگر یِتھہٕ کنٛی مسٹر رالسٹن ونان چھُ زِ یُد وَے کانٛہہ کہأنی ایشیا تہٕ یورپ دوشوٚنی جایَن وَنہِ چھےٚ یِوان تہٕ اَمیُک مطلب چھُنہٕ زِ اَمہِ کنٛی کیاہ چھُ امیُک یورپی اظہار مشرقس نِشہِ پَیہہ اَنٕنہٕ آمُت۔ یَتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شَک زِ یوٗرپَن چھ ایشیاہَس کینٛہہ تصور دِتی ہتی۔ مغربی کہائنَین ہِنٛز اَکھ زٕ کتابہٕ چھےٚ ہندوستانس منٛز شایع کرنہٕ آمٕژ۔ وَننہٕ چھُ یِوان زِ یوٗنأنی داستانو تہٕ چھُ ہندوستأنی

سوچس پیٹھ اَثر ترٛ وومُت ۔ یورپی افسرو، مذہبی مُبلغو تہٕ باقیو تہٕ آسَن تتھۍ قصہٕ بیان کٔری مِتۍ یِم تِہند ہن علاقن منٛز رأیج آسہٕ ہَن ۔ یِم تہٕ ییٚہٕ باقٕے اہم پزرتہٕ پٔمن نظرِ تَل تھاوِنۍ ۔ وریٚہن کہأنیَن ہِندِس آگرس متعلق فأصلہٕ دِنہٕ برٛونٛتھ چھُ لِسأنیات تہٕ باقٕے علمی مأدانَن وُنہٕ تہٕ وارٕ پأٹھۍ پھیٚر دِینٛ ۔ لگہٕ دُترِکمن مأہرَن پزِ کینٛہہ نوۍ پزر سوٚمبراونہٕ یٚنَس تانۍ ہناپز ارُن ۔ اَتھۍ پزس تہٕ عقلمندی ہِندِس طریقس احترام نہٕ کرنہٕ کِنۍ چھِ کینٛہہ مُبہم نتیجہٕ برٛونٛتھ کُن ترٛاونہٕ آمٕتۍ یِمہٕ کِنۍ کینٛژن حلقن منٛز لگہٕ دُترِچہ بُنیأز پیٹھ سوال چھِ ووتھان ۔ کٕہے کال برٛونٛہہ پوٚرمٕے اَکھ سبٕتھ ہے دلچسپ مضموٗن یتھ منٛز اَکِس پروفیسر سٕنٛد ادبی تنقیدٕ رتی پأٹھۍ یہِ تجویز اوس برٛونٛہہ کُن انان زِ اَکہِ کہأنیہٕ ہٕنٛز جاے تکاہیَت چھےٚ توأریخی اعتبارٕ اَمہِ کہِ یورپی متنہٕ باوٕتھ برٛہم ۔ بہٕ گوس (یہِ پٔرتھ) تقریبَن مطمئن یوٚت تانۍ اَمہِ پتہٕ بیٚیس تتھۍ ہے عألم پروفیسر سٕنٛد مضموٗن مٕے Contemporary Review منٛز نظرِ گوو تیٚمۍ یہِ ہأوِتھ چھُ دِمُت زِ چینی حروفٕ تہٕجی چھِ فِنیشیا (سوزبان یوسہٕ شام کِس اَکِس حصس منٛز بولنہٕ اَس یِوان) پیٹھہٕ آمٕتۍ ۔ تہٕ یتھہٕ کِنۍ یُس نتیجہٕ گوڈنِکۍ پروفیسرَن قأیم اوس کوٚرمُت سُہ اوس بظأہر مغالطہٕ۔

یِمَن کہأنیَن ہُنٛد آگرژھانڈنٕچ کوٗشش کرنۍ یِدوَے میأنس دسترس منٛز آسہٕ ہے، تہٕ یِدوَے مٕے یہِ اِرادٕ تہٕ چھُنہٕ ۔ بہٕ گرٕ نہٕ یتھ ہیوٗ فأصلہٕ دِنٕچ کوٗشش زِ آیا کہأنیَن ہُنٛد یہِ دأیرٕ یِمہٕ نوقطہٕ پیٹھہٕ شروٗع چھُ گوٚھان سُہ چھا اساطیری کِنہٕ نہٕ تہٕ اَکھُتہٕ نہٕ پتہٕ زِ دوشونٛی صوٗرژن منٛز کیاہ اُس اَنٛچ بُنیأدی ہیت تہٕ مطلب ۔ لگہٕ دُترِکۍ کینٛہہ مأہر چھِ اَتھ معاملس متعلق پتھ برٛونٛتھ وُچھنے (کتھ کران) اَکھا چھُ

ونان ''یہٕ چھےٚ آفتابٕچ تہٕ گاش پھولنٕچ ڈٕلیل ۔ سِنڈ ریلا ہُنٛد تمہِ ساعتُک گیٚشوم، گوٚٹ تہٕ شُس آسُن چھُ منساونہٕ یِوان ییٚلہِ سو گاشس چھُنہٕ آسان ۔ سو چھےٚ تٕمی سِٹڑن بیٚنن تہٕ ووٕر ماجہِ ہٕنٛدِ حسدٕ چہِ اڈٕ برٛزھایہِ تل ہٮ۪نہٕ یِوان یوسہٕ زن راتھ چھےٚ ۔ اَمہِ کِنہ چھےٚ سو ارورا (قدیم رومی عقیدٕ کِنہ صُبحٕچ دیوی) یا وَنو صُبحُک نوٗر تہٕ شہزادٕ چھُ کھسہٕ وُن آفتاب یُس تَس ہٕنٛزِ مہرٕنی بناوَنس ہمیشہٕ پیتہٕ چھُ ۔''

یَتھ سوٚمبرنہِ منٛز شامِل گوڈنچہِ ڈٕلیلہِ منٛز شہزادٕ ہٕنٛدِس رہا کرنَس متعلق ہیکہِ پیتہٕ کانٛہہ وٕنتھ ''یہٕ چھےٚ سوٚنتھ وٕنٛد کِس زوالنو منٛز ییٚلہٕ ترٛاوٕچ، آفتاب راےٚ ژٕہٕنٛدِ لنہٕ گٹہِ منٛز بچاوٕچ، مغرب کِنہ ژھٕلُمت آفتاب واپس اٮ۪چ، سمندرا ڈ برکہِ قاۂ منٛز آزاد کرٕچ ڈٕلیل ۔''

تنہٕ گووتہٕ زیادٕ کال زِ Westminter Review منٛز کھیٚیا ونٲوِی أسی أکی لِکھأری راجا رسالوٗ ہَس، یَس پنجابُک کِنگ آرتھر تہٕ وَننہٕ چھُ آمُت، سِری یَس متعلق اسطورس ہٮ۪تی رلاوِتھ ووٚتھ۔ أمی ہٮ۪ رسالو ہَس متعلق چھُ کیپٹن ٹیمپل ونان ''یِہٕ گرٕ یہِ وننُک جُرات زِ یَتھ کتھہِ چھےٚ توٲرٟخی اعتبارٕ ثابت کرنہٕ ییٚنٛچ توژھ زِ یہٕ شخص اوس اَکھ مقبوٗل عوٲمی رہنما یِمیٚ ہٕنٛدِس ناوس اَکھ ترٛٮ۪ژھ کھوٗنٹ چھےٚ بناونہٕ آمٕژ۔ یَتھ پیٹھ پنجابُک وارِیہہ متواتر لُکہٕ ووٗترٕ قایم چھُ سَپُد مُت ۔ بہرحال مےٚ چھُ یہِ وَنُن مقصد زِ یِمو ڈٕلیلو کِنہ پیٹھ سانٮ۪ن تقوبلی اسطوریات کِہٕن ماہرن ہٕنٛدٕن ذیہنن منٛز کُنہِ شک وشبہ ورأےیہِ کتھ سپہٕ زِ رسالو چھُ اَکھ سِری یہِ اسطوٗر۔ یہِ کتھ ہیکو نہٕ أسی ہرگزتہِ أمی ہٮ۪ یوت کردارس ہٮ۪تی مخصوٗص تہٕ محدوٗد کٕرتھ۔ بلکہِ چھےٚ یہِ ہندوستان کِہٕن (لُکہٕ ادبہٕ کِہٕن

سارِنے مرکزی کردارن (ہیرو) ہنز عمومی خاصیت چاہے یمہِ ہنز کتھ اُسی تن یا ہُمہِ ہنز، یتھ تہٕ موقعہٕ آسہٕ۔ یم (سأری) چھِ رسالو ہنٛدی پأٹھی واریاہس حدس تام تِمو ہنز ژے واریاہو کہانیو منز کانٛہہ مقأمی انہار۔'' پُزی کِنی چھِ مقبوٗل لُکہٕ کتھن متعلق لکھن والیو منز کینٛہہ یہ کتھ مُشراوان باسان زِ یہ چھُنہ موضوٗع یُس سبٹھٕے مزدار ورتاوتہٕ سبٹھٕے محتاط تجزیہ منگان چھُ۔

تہٕ کُرِتھ تہٕ چھےٚ مےٚ وومید زِ پرن والین نہٕ یہ مطلب زِ بہٕ کیاہ چھُس یہ وَنان زِ لُکہٕ ژترِکس عِلمس منز کیاہ گوھہٕ نہٕ تقوبلی اسطوٗر آسن۔ اَتھ برعکس چھُ مےٚ پوٗرٕ یقین زِ واریاہ دٔلیلہٕ گوھن اسطوری آگرن ستی منسوٗب آسنہٕ تہٕ بہٕ چھُس یمہِ کتھہِ ہُنٛد تہٕ پوٗرٕ پأٹھی قأیِل زِ واریاہ دٔلیلہٕ گوھن توأریخی آگرن ستی تہٕ منسوٗب آسنہٕ۔ ''پرانہِ روایژ وبۄنے کرن وألس یا وَنو مقبوٗل داستانوی ادبہٕ کُمن انہِ گٔژھن وۄن دِنہٕ وألس نش گوھہِ یہ تقاضہٕ کرنہٕ یُن زِ سُہ آسہِ یمہِ لحاظہٕ بڈ حبہٕ زِ سُہ گوھہِ نہٕ کُنہِ خاص نظریہٕ کِس حقس منز کُنہِ تعصبس پنٕنہٕ نین اُمن گچھ دِین ژھننہٕ۔ پتھ کانٛہہ شہادت گوھہِ حبہٕ سان پرکھاونہٕ تہٕ صحیح پأٹھی تولنہٕ یژ چاہے سو کمہِ ہنز ذأتی رایہِ ہنز توثیق کریانہٕ۔ ہرگاہ یہ کرنہٕ ییہِ تیلہِ چھُ ممکن زِ تس ترِ فِکرِ زِ مختلف زمٕرن ہنٛد بن قصن گوھہِ مختلف طریقو وضاحت کرنہٕ ینٛی۔ یوٗت یوٗت سُہ مقبوٗل لُکہٕ کتھن اٗنزی منزٕ گوھہِ تیوٗت تیوٗت گوھہِ یمن ہنٛدی تہہ بہ تہہ مسلہٕ حل کرنس متعلق تمہِ سُند کانٛہہ اَکھ طریقہٕ پاناونک رُجحان کم کم۔''

یمن دٔلیلن ہنٛدِس سلسلس منز پھِرِ بہٕ لُکہٕ ژترِکین ماہرن ہُنٛد توجہ حأشین

گٔن ۔ یِم چھِ یہِ توقع ہیٚتھ احتیاطہٕ سان سوٚمبراونہٕ تہٕ ترتیب دِنہٕ آمٕتۍ زِ یِم پھرَن پرَن وأنِس ڈٕلی ڈٕلی متنٕس یا ڈلیلہِ ہُنٛد بن مختلف واقعٕہن گٔن ۔ سارِنٕے کأشرِ بن تہٕ ہندوستأنی لفظن پٮ۪ھٕے وضاحت کرنہٕ آمٕژ ۔ ہرگاہ تِم خاص لفظ چھِ تہٕ تیٚلہِ تِمہِ صفحہٕ کِس أخرس پیٹھ ۔یَتھ منٛز یِم آمٕتۍ چھِ تہٕ ہرگاہ عمومی آسَن تیٚلہِ أخرس پیٹھ فرہنگس منٛز۔[1] تقریبَن چھُ پژ ہیٚتھ کہأنیہِ ہنٛدِس رأوی سُنٛد ناو تہٕ پَتہٕ درج کرنہٕ آمُت ۔ یِموٚ تلہٕ یہِ نَنان چھُ زِ لوٗکن ہنٛدی پژ ہیٚتھ طبقَن چھُ یہِ سوٚمبرَن تیار کرنَس منٛز مدد دِیُتمٕت ۔ قأیِم مقام حأکم، غریب گرٛیٖوس، پوٚرمُت برٛہمن، اَن پڑھ مسلمان، حکیم، ناوِد، دوہہ منٛزٕ رٕ کرن وول، چھوٚت مَس وول بُڈ، موٚکر بچہٕ یِمَن سارِنٕے یا یِموٚ منٛزٕ پژ ہیٚتھ کأنسہِ متعلق ٕبہ یہِ ہیکہٕ ؤنِتھ زِ یِم چھِ پوٗرِ پأٹھۍ یورپی اثرٕ نِشہِ آزاد ۔

(یَتھ موضوٗعس پیٹھ) لوٗکن یہِ کتاب پیش کران چھُنہٕ معذرٕ ژھُنٛد ضرورت ۔ گٔنہٕ تہٕ (علاقہٕ کیٚن لوٗکن ہنٛزٕ ن لُکہٕ کتھَن منٛز عأیِم لکھار بن تہٕ باقیٚن ہنٛدِ طرفہٕ اور گٔن توجہ دِنہٕ یُن چھُ تِہنٛزٕ یِمَن نسبت دلچسپی تہٕ یہنٛزٕ اہمیت ظأہر کران ۔ یوٚت تأنی یٖیمہِ کتابہِ ہنٛدِ طرزِ بیان تہٕ اسلوٗبُک تعلق چھُ تَتھ متعلق چھُم پرن والیٚن گزأرِش زِ تِم ورتاوَن مےٚ نسبت نرم رٕوی ۔ مےٚ گٔرنہٕ یِمہٕ کہأنیہِ بلکُل ادبی صورٕژ منٛز پھِرنٕچ زیادٕ کوٗشِش بٔلکہِ کوٚر مَکھ اَکھ مُناسب ترجمہٕ تہٕ زیادٕ تر کأم گٔرم دوہدِشچہٕ تبلیغی کامہِ پَتہٕ ژأنگی

[1] حأشیَن منٛز یِتھَن لفظَن ہنٛزٕ وضاحت کرٕنی چھُنہٕ یَتھ ترجمس منٛز ضروری بنان تِکیازِ پژ ہیٚتھ کأنہہ کأشُر سمجھَن وول چھُ یِمَن واقف تہٕ اَتھ سٟتۍ سٟتۍ یِم کینٛہہ وضاحتی اِشارٕ تہٕ حوالہٕ حأشین منٛز دِنہٕ چھِ آمٕتۍ تِم چھِ قأبلِ بحث ۔ لہٰذا آےٚ نہٕ یِم حأشیہ تہٕ ترجمس منٛز شأمل کرنہٕ ۔

گاشَس۔ وۄنۍ یہِ کینژھاتہِ یہِ چھےٚ دۄمید چھَم زِیہِ سَپدِ لُکہٕ وُترِ کس تتھ ہُرِ وٕنِس خزانس اَکھ دِیُٚت ثاۂت یُس سُہ اۄبر دۄر کرنہٕ خاطرٕ سبٹھاہ کینٛہہ چھُ کران یُس ساںٛہِن ماتحت علاقَن ہٕنٛد بن بُسکیَن ہٕنٛد بن تَمَن وارِیہن رسمَن، سوچَن تہٕ عقیدَن وِلتھ چھُ یِیمہٕ مطاۂبق تِم دۄہدِشِچ زندگی چھِ گزاران، تِہنٛد بن محسوٗساتَن چھِ قابو کران تہٕ یِہنٛدِ وۄتھہٕ بیہنچ بُنیاد چھِ۔

''یِیمہِ خوش یوٗنہِ وادیہِ'' ہٕنٛز یِژھے بیٛنہ کینٛہہ لوکچہِ لوکچہٕ لُکہٕ گتھہٕ گوٗھَن میانہِ کتابہِ Dictionary of Kashmiri Proverbs and Sayings منٛز تہٕ نظرِ۔

کشمیر ۲۸/اپریل ۱۸۸۷ء

جے ہنٹن نولز

# ستہٕ زۏ نگ حیوان

أکِس بادشاہَس اوس پَنہٕ نِس فوجَس پٮ۪ٹھ سخت فخر تہٕ سُہ اوس فوجیَن پٮ۪ٹھ وارِیہہ پٲنسہٕ ٹوٗنک خرچاوان۔ تَس گیہٕ خاہِش زِ سُہ وُچھِ ہے وارِپأٹھی زِ تِم کِتیاہ مضبوٗط تہٕ قأبِل أسی۔ اَمہِ کِنہٕ دِیُت تِمی فوجِہ کِس زِٹھس حُکم زِ ژ سوٚمبراوُ کھ سأری فوجی شہرٕ نبر أکِس بُڈِس مأدانَس منز۔ سام ہیٛنہٕ کہِ دوہہٕ آو بادشاہ وزیرَتہٕ دیوان ستی ہیتھ اورتہٕ یٮ۪لہِ تِم فوجی مشقہٕ وُچھان أسی أتھی منز گوو اَکھ ستہٕ زۏ نگ حیوانا ظأہرتہٕ چھُ یمَن نکھہٕ اورٕ یور کران۔ أمِس وُچھِتھ سَپُد بادشاہ سیٹھاہ حأران تہٕ یوٚ ژھُن زِیہِ گژھہِ مارنہٕ یُن مگر یہِ ژۏل۔ بادشاہ دوریاو گُرِس پٮ۪ٹھ أمِس پتہٕ تیوٗت تیز یوٗت گر ڈٕوِتھ ہیوٚک تہٕ یٮ۪لہِ یہِ تقریبَن ژٕ میل دوریاو تہٕ حیوان رُکیاو، پانس دِژِن دٕنَن تہٕ بٔنیاس اَکھ بوٚ ڈتہٕ ہأ بتناک جن۔ پوٚت پھیوٗرتہٕ مورُن بادشاہ تہٕ نیوٗن کھٔتھ۔

وزیرو ژھانڈ نو وسُہ أٹھَن دوہَن بڈٕ سخت پأٹھی تہٕ یٮ۪لہِ نہٕ أمی سُنٛد کأنٛہہ بوٗ د باہادژ او تَموٲ ن أمی سُنٛد نچوٗ تہٕ تھووٗ کھ یہوے مألی ہٕنزِ جایہِ تختس۔

اکہِ دوہہ سَپز أمِس جوان بادشاہَس زبردست خاہِش یہِ زانُنہٕ خأطرٕ زِ

اُمی سُند مول کمہِ وجہ کِنٛز گُذریاو۔ تمہِ کرِ وزیرس سائلم کینٛہہ وَننہٕ خاطرٕ مجبوٗر تہٕ یِیلہِ اُمی سورے کینٛہہ بوٗزتھ اُمی دِیت بیِیہ تیتھے بڑٕ معاینٛک حُکم یتھ منٛز سوٗرے فوج تھکر جایہ سمہِ ہے ییٚتہٕ اُمی ہِندِس سالی ہِندِ وَقتہٕ امہِ مقصدٕ سمیوٗمُت اوس۔ مُقرر کرنہٕ آمتِس دوہس پیٹھ گو وُسہ پنٕنِ ساری دربارکہ ہیتھ یہِ وُچھنہٕ خاطرٕ اور۔ تِمن اوسنہٕ وُنہٕ زیادٕ کال اَتہِ گوٚمُت زِ ستہٕ زوٗ نٛگ حیوان تہِ آو بیِیہٕ تہٕ تِمن کُن ووکھہِ پأٹھی گگرائے کرِتھ دزاو اتہٕ ۔ یِیلہِ بڈی وزیرن یہِ وُچھ تہٕ تمِی کر اوٚس زورٕ زورٕ۔

''کیاہ دٔلیل'' بادشاہن پرٛژھس۔

وزیرن دِتس جواب ''مےٚ اوٚس اِ کِنٛز زِ یہِ چھُ سُے حیوان ییٚمی چانِس مأِلس اَسہِ سارنٕے ستی اُستھ پأنس کُن گل کجییہ۔''

''اَچھا۔ تی چھا حقیقت۔ تیلہِ مارن ئہ یہِ تِکیٛازِ مےٚ پییہِ نہٕ توٚت تانی آرام یوٚت تانی نہٕ یہِ دشمن گلہِ۔''

یِی وَنان کوٚر بادشاہن گُرِس کچہِ تہٕ دوریاو اُمِس پَتہٕ۔ حیوان روٗد اُمِس برٛ وٚنِہہ برٛ وٚنِہہ کینٛہہ دوٗرتانی دوان۔ تتھہٕ کنِٛز اُمی اُمی ہِندِس مأِلس کرِیاو تہٕ پتہٕ ژکیاو، دِژن پانس دَنن تہٕ آو پننہِ اصلی شکلہِ منٛز تہٕ ہیٚرِنس پیٹھے ووٚتھ تراوٕنی۔ اَتھ مصیبتس منٛز کوٚر بادشاہن عأجزی سان بڈِس خدایس کُن التجا زِ مےٚ بچاو تہٕ تہٕ خدا صأبن سوٗزا کھ فرشتہٕ زِ سُہ ہاوِ اُمِس زِ ژٕ کتھہٕ کنِٛز کرِ کھ اُمِس جِنٕس ستی جنگ۔

فرشتَن وُوٗنس ''یہِ چھُ سارِوٕے کھوتہٕ طاقتوٗر جِن، یوٚت تانی زِندٕ چھُ تہٕ اُمی سُند اَکھ خوٗنہٕ قطرٕ زمیٖنس پیٹھ پییہِ تتھ بنہِ تمی وِزِ بیا کھ جِن سُہ تِلہِ ووٚتھ تہٕ ماری

ژٕے۔ مگر کھوژمہٕ رَٹھ یہِ دُروہِ تیرٕ تہٕ چلاوُس دۆن اَچھن، یُتھ یہِ پتھر پییہِ تہٕ مَرِ پَتہٕ دراویہِ فرشتہٕ۔

یتھہٕ پأٹھی گٔیہِ اُمِس ہمت تہٕ پۆک بادشاہ بڑ وٕنہہ کُن۔ ژتجی ہَن مِنٹن گٔرن جنَس ستی لڑأے تہٕ پَتہٕ چلووُنس یہِ دُروے تیر دۆن اَچھن تہٕ یتھہٕ کٕنٕز ژھنُن یہِ مأرِتھ۔ییلہِ اُمی وُچھ زِ یہِ دُشمن مۆدتہٕ بادشاہَن کَڈ تلوار تہٕ ژٹُنس کلہٕ ہیر تہٕ یہِ پَنہٕ نِس نیزس پیٹھ تُلتھ دڑاویہِ محل خانَس کُن ییتہِ یہِ اُمی عمارٕ ژہنڈ بوہہ ساس کمرو منزٕ اَکِس منز تھووتہٕ کُنزٕ کرِن ماجہِ حوالہٕ تہٕ وۆننس زِ یِنہٕ اَتھ کمرس زانہہ تہٕ درواز مُژراأوِو۔

مگر تمی وۆن نہٕ پَنہِ ماجہِ یہِ زِ تمی کیاہ زِ اوس یۆت احتیاطِ سان اتھ کمرس قُلف کۆرمُت تہٕ تَس باسیاو اَتہٕ آسہِ کانہہ خاص خزانہٕ تہٕ تمِس ہُریاو تجسُس تہٕ اکہِ دوہہٕ صُبحأے گٔیہِ کمرس کُن تہٕ مُژرُن دروازس قُلف۔ مگر اتہِ گوس نہٕ کہنی تہِ نظرِ تِکیازِ بادشاہَن اُس یہِ کلہٕ ہیر کوٗنس منز دِژِمژ دأرِتھ۔ وۆں گو وأتہِ گو واُسن تہٕ پَتہٕ اَکھ آواز یوسہٕ وَنان اُس "چون نیچو چھُ اَکھ جن۔ تمس نِشہِ رۆزِی زِ حبسہٕ، سُے چھے اَکھ جن گُنہِ وِزِ مأری سُہ ژٕے یتھہٕ کٕنٕز بہٕ مورنَس، چون خانہٕ دار۔ سُہ کَڈُن محل خانہٕ منزٕ ہرگا ژٕے زِندٕ چھی روزُن۔"

"یہِ گَتہِ چھےٚ آواز یِوان! ژٕ کیاہ چھکھ وَنان؟" بادشاہ سٕنز موج چھَس پرٕژھان۔

"ژٕ لاگ بمار تہٕ نیچِوس وَن مےٚ اَن سیمنہِ ہُنڈ دود۔ ڈٕلی زبس پانے گژھ

تہٕ یہِ اِنٛج کَر کوٚشش" کلہٕ ہیر وۄنٛس۔

دوٚیمہِ دوہہٕ صُبحاَے دژ او بادشاہ مغموٗم تہٕ دِلس غبار ہیتھ اَکس جنٛگلس کُن ییٚتہٕ سہہ تہٕ باقٕے جنٛگلی جانور پھیران آسی۔ تِمؠ وُچھا کھ سیمنہٕ پٔنٛنۍ زٕ بچہٕ ہیتھ تاپھ دِوان۔ یہِ کھوٚت گُلس تہٕ لوٚیُن سیمنہِ ہیٚژ اَکس بَبہٕ کان۔ یہِ اُس سوے بَب ییتھ اتفاقن اُمس سیمنہِ کینژہ ودوہَو پیٚٹھہٕ کیا ہتانٛی لَل ہش آسنہٕ کِنۍ زبردست دَگ اُس۔ تیر لگنہٕ سٟتۍ پھٔٹ یہِ لَل تہٕ یکدم ژٔج (سیمنہِ) دَگ۔ دَگہِ نشہِ آرام میلنہٕ کِنۍ وُچھ سیمنہٕ شکریہ کِہ اندازٕ ہیوٚرکُن تہٕ کوٚرُن بادشاہَس درخاس زِ ژٕ وَس ییٚن تہٕ وَن یہِ کینٛژھا تہِ ژٕے خأطرٕ بہٕ اَنتھ ہکہٕ۔ بادشاہَن وۄنُس زِمےٚ گرٛھہِ تہٕ کہنٛہ ماسوایہِ پننہٕ بمار ماجہِ خأطرٕ چون دوہ قطرا تکیازِ تِمس چھُ عجیب پأٹھۍ یوٚہے علاج باسان۔ سیمنہٕ یوٚر خوٚشی سان سُہ پیالہٕ یُس بادشاہَن پانس سٟتۍ اوس اوٚنمُت تہٕ بییہٕ دِژنُس پننٛۍ جُوٗرژھا تہٕ وۄننس" یٟلہِ تہِ ژٕے کانٛہہ مُشکل اَسی یہِ اَسی زِ آفتابس کُن ہاوان تہٕ بہٕ یِیے فورَن ژٕے مدد کرنہٕ خأطرٕ۔" دوہٕ ہن تہٕ جُٛوہَن رٔنٛتھ آو بادشاہ محل خانس منٛز واپس۔

یٟلہِ اَمۍ سٟتۍ ماجہِ یہِ سیمنہٕ دودروٗٹ تَس پیٚٹھ پوٚرٕ پرٛھ زِ اَمۍ سُند نٟچو چھُ جن تہٕ وۄنۍ کوٚرُن پَتۍ مہِ کھوتہٕ زیادٕ شبقہٕ اِرادٕ اُمس مارنُک۔ سو گیہٕ تَتھ کمرس منٛز ییٚتہٕ سو کلہٕ ہیر اُس تہٕ وۄنن اَتہِ وَنن وأ لس سأ لم کینٛہہ تہٕ اورٕ یوٚزن یہِ آواز" تۄ ریہ وۄنۍ پوٚرپأٹھۍ فکرٕ زِیہِ پچھے جن۔ تکیازِ صرف ہیکہِ ژٕنے یوت سیمنہِ نشہِ دود حأصل کٔرتھ۔ ژٕے یٔت جلد ممکن سپدی تیٚوت یہِ ژھٔنٛن مأرتھ۔"

اَمہِ پٕژ ژھٔس" مگر مےٚ کتھہٕ پأٹھۍ ووتہِ اُمس نشہِ تچھ۔"

اورِ آلیس آواز ''یِیلہِ چون یہِ نیچو ژےٗ نِشہِ یِیہِ تہٕ پرٛژھی کیاہ خبر چھےٚ ژٕوٚنۍ زٕبس مےٚ چھےٚ ؤنہِ وارٕیہہ کمزوری باسان تہٕ بیٚیہِ چھُس بیمار۔ سیٚمنہِ دوٚدٕیستۍ تہٕ گیٚم نہٕ خاص فرقا۔ مگر ژےٗ أسی تٔمس شہزادِ متعلق بوٗزمُت یوسہٕ فلأنی بالٕس پیٹھ گنی ژٕنی أکِس محلس منٛز چھےٚ روزان تہٕ ہرگاسو (شہزأدی) یِیہِ تہٕ مےٚ چھُہ دِیہِ بہٕ گژھہٕ ٹھیک۔ چون نیچو گژھہِ اَتھ خطرناک محلس منٛز تہٕ ضروٗر مرِ وَتے۔''

شامَس بأ گر گوو بادشاہ ماجہِ نِشہِ تہٕ پرٛژھنَس ''چھکھا وۄنی ٹھیکے؟''

''نہ'' تٔمہِ وۄنُس ''سیٚمنہِ دوٚدٕیستۍ گیہِ نہٕ مےٚ رَژھ تہِ فرق مگر مےٚ ؤچھ خابس منٛز زِ فلأنی محلَس منٛز چھےٚ أکھ شہزأدی روزان سو ہرگا یِیہِ تہٕ مےٚ اَتھہِ لاگہِ بہٕ گژھہٕ پوٚرٕ پأٹھۍ ٹھیک۔ یوٚت تانۍ نہٕ سو یِیہِ توٚت تانۍ بلہٕ نہٕ بہٕ پوٚرٕ۔''

''موج۔ روز ژٕ آرامہٕ سان، بہٕ اَنَن سو زنانہٕ چانہِ خأطرٕ نَتہٕ ترٛاوٕ بہٕ بادشأہی۔''

صُبحس صُبحأے دراو بادشاہ اَتھ کرٛاٹھِس سفرس۔ تٔمس أسنہٕ سو جۄ ہِنۍ مُشتھ گمژ۔ تِتھے افتابہٕ کھوٚت تہٕ أکی ہأویہِ اَتھ کُن تہٕ فورَن پیٚیہِ ہٕمنز تہٕ تٔمی سِندی زٕ بچہٕ تٔمس نِشہِ وأتِتھ۔ سیٚمنہِ پرٛژھُس ''کیاہ ذٔلیل چھےٚ؟''

''مےٚ چھُ گژھُن تہٕ سو شہزأدی اَنٛنۍ یوسہٕ ہُتھ محلس منٛز روزان چھےٚ۔''

''اَنٛنۍ چھےٚ! ژٕ ہیکَکھ نہٕ یہِ کرِتھ۔ وارٕیہو کرٕ یِیہِ یہِ کوٗشش تِکیاز یہِ شہزأدی چھےٚ سبٹھاہ خوٗبصورت۔ مگر کانٛہہ اَکھا سپُد نہٕ أمِس نِش واتنس منٛز کامیاب۔''

''بہٕ کرٕ کوٗشش یُدوَے زَن مےٚ اَتھ منٛز ژۄ نِشہِ تہٕ اَتھہِ چھلُن پیٚیہِ'' لی

ونان دزاوِیہ بادشاہ۔

سیمنہِ گوونہٕ یہِ برداشت زِاُمی سُندِ یہِ سوچھ کرٕن وول کیاہ نیرِ تتھٕ کِنۍ اُمِس نِشہِ۔ لہذا دوریہِ سوٚپٕنۍ دونوٚے بچہٕ ہیتھ اُمِس پتےٚ تہٕ کورنس زارٕ پارٕ زِ ژٕ کھس مےٚ سوارٕ۔ تِم واتی جلدٕ ے محلس نِش۔

سیمنہِ ووٚننس "یتھ جایہِ چھےٚ تژےٚ برٕنہِ یموٚ مٔنزی شہزادِ نِشہِ واتنہِ خاطرٕ ضرٔوری چھُ نیرُن۔ گوڈنچہِ برٕنہِ نِشہِ چھُ اکھ بوڈ شسترٕ پوٚٹ یُس اکہِ ہچہٕ مکہٕ ستی پھُٹرُن چھُ نتہٕ کھُلہِ نہٕ یہِ برٕن۔ دوٚیمہِ برٕنہِ پیٹھ چھےٚ اکھ نقلی گاویس اٗندی اٗندی اصلی ژِن چھِ۔ ہرگا کانٛہہ نفر اُمِس گاوہ دودبیٚہ سہٕ ہیکہِ اَمہِ (برنہِ) نیٚرتھ۔ تہٕ ہرگانہٕ تہٕ ہیٚوکُن گٔرتھ تِمس ژِن تیٚلہِ ژِن کھیتھ ترٕیمہِ برنہِ نِشہِ چھےٚ پانہٕ شہزاُدی بیٚہان۔ ہرگا تِمس ژٕ خوش کٔرکھ تہٕ کٔری ژےٚ استقبال تہٕ ہرگاہ خوش کوٚرہٕس نہٕ تیٚلہِ ژٕ ھنی ماٗرِتھ۔"

یہِ بوٗزِتھ کھوٗژیہِ بادشاہ تہٕ سیمنہِ کوٚرُن درخاس زِمےٚ کرمدد۔

"چلو ٹھیک چھُ" تمہِ ووٚنُس "مےٚ چھُ اکھ جود یٚمہِ کِنۍ ژٕ شسترٕ برنہِ پتہٕ اٗژِتھ ہکہٕ تہٕ یام ژٕ اتھ ہچہٕ مکہٕ ستی ٹاس والکھ تہٕ بہٕ گرٕاتھ زٕ کھنٛجہٕ تہٕ تتھٕ کِنۍ تارتھ ژٕ بہٕ گوڈنچہِ برٕنہِ اپور۔"

"تہٕ بہٕ" ووٚنس اکی لوکٕٹہٕ ہٕہن "بہٕ دیاوَن گاوہ ہٕز مورت دودتہٕ تِم ژِن یِم اُمِس اٗندی یِکی چھِ تہٕ ژےٚ اُمِس دوٗد ہٕنس منٛز ٹھورکرنےٚ تِم رنگھ پتھ تہٕ تتھٕ کِنۍ ہیککھ ژٕ دوٚیمہِ برنہِ اٗژِتھ۔"

بےلوٗکٕ کٕرٕ سہٕن وۄنُس "تہٕ بٔہ ترٛاو شہزادِ ہٕنٛزٕن اَچھن منٛز تیٚتھ جوٗد زِ تتھے سو
ژٕرے کُن وُچھِ تَس باسہِ ژٕ چھُکھ آفتابَس ہیٚوٗ پزٕ وِ ترٛ اوان تہٕ خوٗبصورت تہٕ ژٕرے
وُچھتھ گژھِ ترٛٹھ مُتأثر زِ سوٗ مرٛ راوِ ترٛ تیم بَرن تہٕ یہٕ ژٕ وَنہٕ ہَس تی کَرِ۔"
وفادأر یہِ سان کٔرٕ تمو ترٛنو یوٗ پنٛنٕ وعدٕ پوٗرٕ۔ بادشاہ ووت ٹھیک پأٹھی شہزادِ
نِشہٕ تہٕ سوٗ سَپٕز اأکِ ہٕنٛدِ حُسنہٕ تہٕ طاقتہٕ کِنٛز زبردست مُتأثر تہٕ اأمِس نسبت پنٛنہٕ زبردست
محبتُک کوٗرُن اظہار تہٕ کوٗرُنَس پنٛنٕ آشنٕ بناونہٕ خأطرٕ التجا۔ پتہٕ آیہٕ تِمنٕ تہٕ تِمٕ کی ہنٛدی زٕ
بچہٕ پنٛنہٕ گوپھہِ منٛز۔ کیٚنٛہہ دوٕہ پتہٕ نیہِ بادشاہَن شہزأدی پأنَس سٟتی پنٛنہٕ نِس محلس منٛز
"موج" تِمی وۄنُن "مے اأکی شہزأدی۔ ہے سوٕ کرٛاہ خوفناک جاے اأس تہٕ وَتھ تہٕ
کرٛاہ خطرناک اأس! بٔہ آسہٕ ہاوَتے موٗ دمُت ہرگانہٕ مے تِمنٕ تہٕ تِمٕ کی ہنٛدی زٕ بچہٕ مدد
کرہَن شُکر خدایس کُن زِ بٔہ ووتُس وارٕ کأرٕ یور واپَس۔" اأتھی متعلق بیٚیہٕ تہٕ کتھا کتھا
کران وۄنُن تِمی اأمِس جِنہٕ کلہٕ ہیرٕ ہُنٛد تہٕ زِ سہ جِن کتھہٕ پأٹھی اوس سٟتہٕ زوٗ ثَنگ حیوان
بٔنتھ تَس برٕ وٕنہہ کُن آمُت تہٕ پتہٕ واتنوٗن لتہٕ دوٗرٕ اأکِس جایہِ یتہٕ یہٕ پنٛنہٕ اصلی شکلہِ
منٛز آو تہٕ یہِ اأکھ بارٕ تہٕ خطرناک جِن اوس۔ یہِ اوس مے پیٚٹھ وۄڈھ ترٛ اوُنَس تیار تہٕ یہٕ مارِ
ہے تہٕ کھیٚیہٕ ہے مے تہٕ تتھے پأٹھی یتھہٕ پأٹھی اأکی میأنِس مأرٕلِس سٟتی کوٗر مُت اوس ہرگا
نہٕ زَن خدا صاأب اأکِس فرشتس مے مدد کرنہٕ خأطرٕ سوٗزِ ہے۔
یہِ بوٗزِتھ سَپٕز اأکِ ہنٛز موج حأران تہٕ وۄنُنس "میانہِ گوٗبرٕ۔ مے لوٗگ
دھوکہٕ۔ تِمہٕ دوہہٕ شامَس ییلہِ ژٕرے مے نِشہِ محل خانہٕ چِہ کُنٛزٕ نیٚتھ بٔہ گیس کینٛژن کمرن
کُن یوٗت تانٛ بٔہ تتھ کمرس نِشہِ وأتٕس بیٚتہٕ مے اَنٛچ آواز بوٗز۔ مے ییلہِ اأتھ متعلق

زانُن یوٚ ژھ تہٕ آوازآیہٕ ''حبہٕ روزِ بنہٕ نٟچو ماأرِتھ ژھنی تِکیاٖ زِ سہ چھُا کھٕ جن۔ سۭہ چھسے چاأنِس خانہٕ دارِ سِتۍ گلہٕ ہیر۔ أمۍ موُرُس سۭہ۔ أمِس نِش ٹُلناو پانس تھپھ نِتہٕ ماری یہٕ ژےٚ تہٕ۔ میانہٕ گوٚبرِ مےٚ گر اَتھ آوازِ پژھ تہٕ أہنٛدِ سے وَنس پیٹھ سوٚ زمکھ ژےٚ سیٚمنہٕ دوودأنہٕ تہٕ یہٕ زأنِتھ زِ ژٕ گرھکھ أتھی کوٚشِشہِ منٛز مارِ۔ مےٚ ووٚنمےٚ ژےٚ شہزأدکۍ اننہٕ خأطرِ یہٕ زأنِتھ زِ اوروانٛچ وَتھ اُس سبٹھا ووکھہٕ۔ مگر ژےٚ اوسُے خداصأب سۭتۍ تہٕ تٔمی سوزُے ژےٚ فرشتہٕ تیٚمۍ ژےٚ وَتھ ہاٚوِ ے تہٕ بیٚیہٕ کرنوونے سیٚمنہٕ تہٕ تٔمۍ ہنٛد بن بَچن ہنٛدِ ذٔ ریعہِ مدد۔ شکرتُٮ۪ند۔ تَمہٕ روٚٹ نٟچو نالہٕ مَتہٕ تہٕ دِژن وَدن ٹانگہٕ۔

اَمہٕ پَتہٕ کوٚر کُمے کأنٛہہ بادشاہن شہزادِ سۭتۍ کھاندر تہٕ گنٛدأرِن باقے زندگی اَمَن تہٕ خوشحألی سان۔

(راوی: شوبایو۔ رٟنی وورسرینگر)



# برأ ریو سۂ ملکہ بنیہٕ

''واے، واے کیاہ گوم! مےٚ کیاہ فأیدٕ آو یمَن زنانَن ستی کھاندر کرِن؟ مےٚ بخُش نہٕ خدااین اَکھ نیچو، یہِ مَرِ تہٕ میون ہیٚیہٕ نہٕ یتھ مُلکس منز ناوتہٕ کانٛہہ۔'' یہِ اوس کشیرِ ہُنٛد اَکھ سارِوے کھوتہٕ بوٚڑ بادشاہ پانہٕ سے ستی ونان تہٕ پتہٕ ژاو حرم خانس منز تہٕ دِژِن پنٕنہٕ نٕمن زنانَن جلاوطن کرنٕچ دھمکی ہرگاہ تمہٕ بژ وٕنٛھس تام اَکھ نیچو ہیکَن دِتھ۔ زنانو لاج زأری سان شو بھگوانس اَہی کرِنی زِنہٕ کرِ تَن یمَن اتھہٕ روٚٹ۔ یتھ یمہٕ بادشاہ سنٛز خاہش پوٗرٕ ہیکہٕ ہَن کرِتھ تہٕ روزٕ کیژہِن رتٕن سبٛتھِہے فکر مندی سان پژاران تہٕ نااُمیدی منز تہِ وومیدرَ چھان یوٚت تانٛ تِمَن اَخر کار یہِ فِکرِ تو رزِیہِ سأیلم سوچنہٕ چھُ ئلکر تہٕ ہرگا یمَن شأہی محلَس منز روزُن چھُ تیٚلہِ پیٚیہِ یمَن کینٛہہ فریب ورتاوُن۔ لہٰذا آیہِ اَکس مُناسِب وقتس پیٹھ بادشاہَس یہِ شیٚچھ واتناونہٕ زِ تمی سنٛز اَکھ زنانہٕ چھےٚ گوبہٕ کھور تہٕ اَمہِ پتہٕ کےٚ کالکٕ آیہِ نبر تہٕ یہِ گتھ تژ اونہٕ زِ اَکھ لوٚکٕٹ شہزأدٕ دی پیٚیہِ تھنہٕ۔ مگر یہِ زَن اَسہِ گوڈٕے وٕوٚن زِ یہِ اُس نہٕ حقیقت۔ یتھ اوسنہٕ کینٛہہ سپُد مُت۔ پژراوس یہِ زِ اَکس بزارٕ اُسی وارٕیہہ بزارٕ بچہٕ زاہتی تہٕ یموےٚ منز اوس اَکھ بادشاہ سنٛز وزنانو روٗ ٹُمت۔ تیٚلہِ بادشاہَن یہِ خبر بوٗزِنہٕ سپُد سبٛتھِہے خوش تہٕ حکم دِتُن زِ بچہِ اَنیوٗن یوٗرکٕ مےٚ نِش۔ یہِ اُس اَکھ فطری کتھا یمیٚک بادشاہ سنٛزن زنانَن

گوڈے اندازٕ اوس لہذا اوسکھ گوڈے جواب تہٕ سوٗچتھ ''گرٕ ھ تہٕ وَن بادشاہَس''
ژٕموٕ وۄن شیچھِ انَن واُلِس ''برہمنو چھُ وۄ نمت زِبچِس گرٕ ھہٕ نہٕ توت تانی مول وُچھن
یوٚ تانی نہٕ اُمِس کھاندر سَپدِ'' لہذا رۄد معاملہٕ کینژَس کالَس پچہٕ تلے ۔ بادشاہ رۄد
مُتواُترٕ اُمِس کورِبچِس متعلق پرٕژھہٕ گاٗرکران تہٕ اوٕ اوس اُمی سٕنزِ داٗناٗیی تہٕ خوٗبصورتیہٕ
متعلق حاٗران کرٕ نہٕ گژھہٕ بوزان تہٕ ژتھہٕ کُنی اوس اُمی سٕنزِ خوشیہٕ ہُر برسپدان ۔ پُزی
کُنی اُس ژٕمِس نیچو سٕنز گارٕ مگر دَیس اُس نہٕ اُمی سٕنز یہٕ خاہش پوٗر گرٕنی لہذا اوس پنہٕ
نِس دِلَس یہٕ تسلی دِوان زِبہٕ گرٕ اُمِس کورِژھِس شخصَس ستی کھاندرٕیُس اُمِس لایق آسہٕ
تہٕ مُلکَس حکوٗمت کرٕنس اہل آسہٕ ۔ اوٕ کُنی وۄن اُمی اُ کس مُناسِب وقتس پیٹھ پنہٕ نین
مُشیرَن زِ ژٕم ژھاٗنڈِن اُمی سٕنزِ کورِ خاطرٕ مناسب لڑکہٕ ۔ جلدٕ ے آواُ کھ دانا، رُت تہٕ
خوش شکیل شہزادٕ تلاش کرٕنہٕ تہٕ کھاندرٕ چ تہٕ آیہٕ وُلی وُلی تیاٗری گرٕنہٕ ۔ وۄنی کیاہ کرٕہَن
بادشاہ سٕنز زنانہٕ؟ وۄں ہیکہٕ ہَن نہٕ ژٕمہٕ اَمہٕ زیادٕ پُژن یہٕ فریب پکناوِتھ ۔ مہرازٕ یہٕ تہٕ
ییرٕ ھہٕ پَنہٕ زنانہٕ وُچھن تہٕ بادشاہَس تہٕ آسہٕ توقع یہٕ وُچھن یہٕ ۔

جان گرٕ ھہٕ ''ژٕموٕ وۄن'' زِ اُسی انون یہٕ شہزادٕ تہٕ ونوس سوٗرے کینہہ تہٕ باقیس
مُتعلق وُچھو کیاہ آسہٕ سَپدُن ۔ بادشاہ سُنٕب نہٕ ۔ ژٕمس ہکو کینہہ جواب دِتھ ۔ یُتھ تام سہٕ
مطمئن روزِ'' لہذا انوو ژٕموٕ شہزادٕ تہٕ وۄنہَس سوٗرے کینہہ مگر اَمہٕ برٕ ونہہ اوس ہَس قسم
کھوومُت زِ سہٕ تھاوِ اُتھ ساٗری ہے رازٕ تہٕ یہٕ وَنہٕ نہٕ پَنہٕ نِس ماٗلِس تہٕ ماجہٕ تہٕ ۔ کھاندر
آو سبٹھے شاندار پاٗٹھی کرٕنہٕ یہٕ زَن یمَن بڈٕ بن تہٕ دولتمند بادشاہَن شوٗبہٕ ہے تہٕ بادشاہ
آو سہل پاٗٹھی یہٕ ماٗنی راونہٕ زِ زنانہٕ یُتھ مزٕ مہرٕ نی اُس تَتھ دِیہٕ سہٕ محل خانہٕ مزٕ تَس

دُچھنہٕ ورأسِی کڈنٕک اجازت۔ ڈولہِ منٛز اُس بڑٕ اَریوسہٕ حفاظت سان شہزادٕ ہِندِس مُلکَس منٛز واتٕن۔ شہزادَن تھوو اَمِس بڑارِ ہُند پوٗرٕ خیال یوسہٕ تمۍ پننہِ نِس ذأتی کمرِس منٛز قُلف کٔرِتھ تھاوتہٕ کأنسہِ دِتُن نہٕ اورانٛد راژنٕک اجازت، پننہِ نِس مأکِس ماجہِ تبہٕ۔

وۄں گوو، اکہِ دوہہٕ بیٚلہِ شہزادِ گرٕ نیبر اوس أمی ہِنٛزِ ماجہِ سوٗنچ زِ یہٕ گژھہٕ تہٕ گرِ درواز نیبری پننہِ نوشہِ ہتۍ کتھ۔ "کوٗری۔ ہے نوشہِ کوٗری" اَمہِ کوٚرُس آلو" مے چھُ افسوٗس زِ ژٕ چھکھ یتھ کمرَس منٛز بنٛد آمٕژ کرنہٕ تہٕ کأنسہِ وُچھنَس تہٕ چھی نہٕ اجازت۔ ژٕ آسکھ تنگ گژھان۔ وۄں گووے چھی اَز گرٕ نیبر گژھُن لہذا ہیکَکھ ژٕ گمرٕ منٛز نہٕ خوفہٕ ورأسے نیرِتھ زِ ژٕ کیاہ وُچھُن کانٛہہ۔ نیر کھاژ نیبر؟"

برارِ توٚ رِیہِ سورُے فکرِ تہٕ ووٚ دُن سبتھاہ برابر انسانہٕ ہِندی پاٹھی۔ واے اَمی سُنٛد یہِ اوٗش ہارُن اَمہِ ہتۍ ژھینٛزِ اَکِس ماجہِ ہنٛزِ وأنج لہذا کوٚر اَمہِ یہ پختہٕ اِرادٕ زِ یہٕ گرِ نیٚچوِس ہتۍ اَتھ معاملَس پیٹھ سبٹھہے ڈری پاٹھی کتھ تِتھے سہٕ گرِ واپَس ییہِ۔ یم اوٗش قطرٕ وأتی پاروتی ہِنٛد بن کنَن تانۍ یوسہٕ فورَن پننہِ نِس آغس نِشہِ گیہ تہٕ کوٚرنَس زار پارٕ زِ اَمِس بچارِ بڑارِ پیٹھ کر دَیا۔ "وَن اَمِس" شِوَن ووٚنُس "ژٕ مَتھ پننہِ نِس مسلَس تلہِ ہناتہٕ یہِ بنہِ اَکھ خوٗ بصورت زنانہٕ۔ اَمِس میلہِ تمۍ کمرِس منٛز تیل ییتہٕ یہِ وُنی کمِن چھے "پاروٗتی واتناو کانٛہہ وقت راورنہٕ ورأیی یہِ رٕژ خبر بڑارِ یمہِ ڈلی ڈلی پننہِ نِس سأری ہے جسمس یہِ تیل موٚتھ۔ تہٕ تیتھہٕ کٔنی بنیہِ یہِ تیژ مأری منٛز زنانہٕ ییژ نہٕ دُنیاہَس پیٹھ زانہہ کانٛہہ اَسمُژ ے چھے۔ مگر اَمہِ تھأو اَکِس پھکِس پیٹھ اَکھ جایہِ رٔژھا۔ یتھ نہٕ تیل موٚتھن تہٕ اَتھ جایہِ روٗز اَمِس بڑارِ تتھے۔ یُتھ زَن اَمی ہِندِس کھاندارَس یہِ باسہِ نہٕ زِ یہِ

ژھے کاتھہ چالا کی تہٕ کر بس انکار۔

شامس ووت شہزادٕ تہٕ لتہٕ وُچھن پنٕنی مأری منز آشنہِ تہٕ سپُد سیٹھاہ خوش۔ اَمہِ کنہِ ژٕ ج اُمس سو سأرے پریشأنی یوسہٕ اُمس یتیمہِ کنہِ سپز ہُز اُس زِ یہِ کیاہ دِمہٕ ماجہِ ہنٛد بن تمن کتھن جواب یمن پیٹھ سوٗتھأنی لاگیم۔ تمس اُس صرف اَکھ خوش وِنی، اَسوِنی، خوٗبصورت مہرِ نی وُچھنی یتھ زَن تمہِ سُند سورُے خوف دوٗر گوٚو ہے۔

کینٛہہ ہفتہٕ پتہٕ گو وشہزادٕ پنٕنی زنانہٕ ہتھ پنٕنِس ہیٚبرٕ بابس نِش یَس پزی کنہِ یہِ بیوٗٹھ زِ شہزأدی اُس تسنٛز کوٗرتہٕ سہ سپُد پزنہٕ پیٛٹھی خوش۔ تمہِ سنٛز وزنا نوتہٕ منووجشن تکیٛا زِ تہنٛز اَہی سپز قبوٗل تہٕ تمہ بچیہ زوٗ۔ کینٛہہ وقتہٕ پتہٕ کوٚر بادشاہَن پنٕن مُلک شہزادس حوالہٕ تیٚمی پتہٕ دوشوٕنی مُلکن حکمرأنی کر۔ پنٕنِس مأکی ہنٛدس تہٕ تہٕ ہیٚبرٕ بابہٕ ہنٛدِس تہٕ۔ تہٕ پتھہٕ کنہِ بنٛیا وُدنیا ہُک سارِوے کھوٚتہٕ ناماوارتہٕ دولتمند بادشاہ۔

(راوی۔ رأز۔ سرینگر روزَن وأنہِ اَکھ ہٕنٛز تہٕ سوٚمبرَن
وول پنڈت آنند کول، زأنہٕ کدل۔ سرینگر)



# سخی حاتم

اکہِ وقتہٕ اوس اَکھ غریب شخصا یُس زِیُٚن ژٕ ٹھ تہٕ ژِنتھ کیٛنہہ پٔنسہٕ اوس زینان۔ تٔمِس اُس پٔنُن پان تہٕ زنانہٕ تہٕ سَتھ کورِ پالنہٕ خأطرٕ سخت محنت کرٕنۍ پیوان۔ زانہہ اوسُس نہٕ ماز پھۄلاوُٹھَن تانۍ واتان، زانہہ اوسُس نہٕ کھورَن کھوربانہٕ پُوران تہٕ صرِف اوسُس کمرِس پیٹھ اَکھ جندا آسان۔

اکہِ دوہہ اوس سُہ ڈیوٗلے ہیٛوٗ تہٕ رژھا آرام کرنہٕ خأطرٕ ترٛاوِن اُکِس گُلس تَل لَر۔ اَمہِ وِزِ اوس پھرٕ ژٕ جاناوار راز ہوٗنزٕ لیٛأرک وُڈان تہٕ اُمِس شخصہٕ سٕنٛز غریبی تہٕ بیمأری وُچھِتھ آس اُمِس پیٹھ عار۔ اَمہِ کِنۍ وۄتھ سُہ تٔمِس کِنۍ وُچھِہ تہٕ ترٛوُن اُمی ہٕندِس زِنۍ بورَس نکھہٕ سونہٕ سُنٛد ٹھۄل۔ اَمہِ پتہٕ کِہ کأئلی ییٛلہِ زِنۍ مزوٗر وۄتھ تہٕ اَتہِ وُچھُن یہِ ٹھۄل یہِ ٹُلن تہٕ تھووُن یہِ پَنہٕ نِس ہَلہِ گنڈٕنِس منٛز وٕلتھ۔ پٔنُن بور ٹُلُن تہٕ گوٚو وأنِس نِش یُس اکثر اُمِس یہِ مُلی ہیوان اوس۔ اُمی کُن یہِ ٹھۄل تہٕ معموٗلی قیمتس اُمی ہیٛے۔ اُمِس اُس نہٕ پتہٕ زِ یہِ کیٛاہ خاص ٹھۄل اوس مگر وأنِس اوس یہِ پتاہ تہٕ وۄنٛس گژھ تہٕ سُہ جاناوار تہٕ اُتھ رٕٹھ تیمی یہِ ٹھۄل ترٛ ووتہٕ بہ دِمے ژٕ اَکھ روپے انعامہٕ۔ اُمی شخصن کوٚرُس وعدٕ تہٕ پگہہ کیٛتھ گوو دوہد شکی پأٹھی زِنۍ بور اَنہٕ

خاطرِ جنگل۔ واپس یُون بیؤٹھ سہٕ تتھی کُلِس تَل تھَکَس یینہٕ تمۍ ٹھۆل اوس لۆ بُمت تہٕ لأجن ایژ ےرِنئدِر۔ راز ہوٚنز آو بینہٕ تہٕ وُچھن زِ یہ اوس تتھے غریب تہٕ زوتہٕ۔ یتھ گوڈٕ اوس تہٕ سۆنٕچن زٕ أمی آسہِ ہے نہٕ کالہٕ ٹھۆل وُچھمتے لہذا آو تہٕ ژ ووٗن أمِس نکھے تۆ ھےجایہِ بیا کھ یتھ پێٹھ أمِس ضرٗر نظر پیہٕ ہے۔ أتھی منز روٗٹ یہ زِنٛی مزوٗرَن تہٕ ووٗتھ یہِ وأنِس نِہٕ خاطرٕ۔ ''ہے ژٕ ے کیاہ چھی مے کرُن؟ مےٚ متہٕ مارتہٕ ۔مےٚ مہ کرقأ دے ژ اویلہٕ۔'' جانورن دِژ س کربکہٕ ''ژے میلی ضرٗر انعامہٕ۔ ژٕ کڈ مےٚ اَکھ تیرتہٕ ہاوُن سونارس تہٕ ژٕ واتکھ فورن میوٗن مُلک کوہِ قاف ییٚنہٕ ژے میوٗن مول موج انعامہٕ دِیِی۔ تمہٕ دِنے ژے اَکھ موختہٕ ہار یێمیک قمت نہٕ دنیا کس کأنسہِ تہٕ بادشاہَس نیرِ تھ ہیکہٕ۔''

مگر أمی جأہل زِنٛی مزوٗرَن یوٚ زنہٕ أمِس جانور سنٛز کانٛہہ تہٕ گتھ۔ تیٚندِس زێہنس پێٹھ أس سوٗے اَکھ روپے سوار یوسہٕ تَس میلنگ یقین اوس لہذا کوٚر تمۍ أمِس گنڈٕ تہٕ تھووٗن ؤلتھ تہٕ دوریاو وأنِس نِشہٕ تیوٗت تیز یوٗت سہٕ بور ہێتھ ژٕ ؤتھ ہیوٚک۔ مگر افسوٗس۔ جاناوار موٗد دَمہٕ ستی وَتے۔ ''یہٕ کیاہ گرٕ ووٗنی'' زِنٛی مزوٗر چھُ سوچان۔ ''وأنی گتہٕ دِیہ مےٚ موٗمتِس جاناوارس اَکھ روپے۔ آ۔ ہا۔ یہٕ ہاوٕ أمی سنٛز اَکھ تیرِ نارس۔ شاید پیہٕ نہٕ جاناوار سندِ زِندٕ یا موٗمت آسنہٕ ستی کانٛہہ فرق۔ لہذا کوٚر أمۍ لیِ تہٕ سہٕ ووٗت امی وِزِ کوہِ قاف۔ اَتہِ ژھونڈ أمی جاناوار سُند مول موج تہٕ ووٗنُن نمَن تہٕ سورُے یہ سپُدمُت اوس۔ واے۔ أمِس جانور سنٛز لاش وُچھتھ کوٗتاہ ووٗد أمی سنٛدی مأتی مأج تہٕ رشتہٕ دار وامہِ شورٕ ستی گوو أکس عجیب جاناوار سُند توجہ اور گن

یُس اَمہِ وِزِ لپأری نیران اوس سُہ ژاوتہٕ گرٕن معاملس متعلق پرٛژھہِ گأر۔ أمِس جاناوارس اوس تونتہِ منٛز اَکھ گاسہٕ تُل تیمہِ ستۍ مومتِس زِنٛدٕ اوس گرِتھ ہبکان۔ ''توٚہۍ کیٛا زِودان؟'' أمۍ پرٛژھ اَتھ دوکھہٕ ہرِ جمأژ۔

''تِکیا زِ اَسہِ مؤ داَکھ اَشناو۔ أسۍ ہیکوٚنہٕ ووٗنی أمِس ستۍ زانٛہہ کتھ کرِتھ۔'' تَمو دِتُس جواب۔

أمۍ عجیب جاناوارن ووٗنُکھ ''مَہ وٕ دِو۔ تُہنٛد رشتہٕ دار گژھہِ دُبارٕ زِنٛدٕ'' یہِ وٕنِتھ تھووأمۍ جاناوارن یہِ گاسہٕ تُل مومتِس جانورسٕنٛدِس أسَس منٛز تہٕ یہِ گوو زِنٛدٕ۔

یێلہِ یہِ جاناوارراز ہوٗرٕ زِنٛدٕ سَپد تہٕ وُچھن زِنی منٛزٕر۔ أمۍ کرِنَس بے بھروسہٕ تہٕ لاپروا آسنَس پێٹھ زبردست اَڈٕزاَڈ۔ ''یہٕ بناوِ ہتھ ژٕ بوٚڈ تہٕ خوشحال'' أمۍ ووٗننَس ''مگر گژھہٕ ژےٚ شوٗپی پننے زِنی بور تہٕ سوٗے پھِر۔'' اَمہِ پتہٕ ووٗت یہِ غریب شخص واپس تُتھی جنگلس منٛز تہٕ تتھی زِنی بورس برٛونٛہہ کُن یُس تَمی کوہ قاف واتنہٕ برٛونٛہہ تیار اوس کوٚرمُت۔ زِنی ہِن کِنٛن تہٕ گوو پننہِ زنانہِ تہٕ کوربن نِشہِ سێٹھہٕ مغموٗم تہٕ بُتھ الوٗنٛد ترٛاَوِتھ۔ پتہٕ وُچھن نہٕ راز ہوٗرٕ زانٛہہ تہٕ دُبارٕ۔

یہِ آو گوڈٕ ے وَننہٕ زِ أمِس زِنی منٛزٕرس آسہٕ سَتھ کورِ۔ یِمہٕ کورِ گێیہِ بالغ تہٕ واتٕ کھاندرس۔ مگر سُہ زِنی منٛزٕر کتھہٕ کرِ ہے یِہنٛد بن کھاندرن ہُنٛد انتظام؟ سُہ اوس لُمی لُمی یڈٕ پالنَس سُمب زینان تہٕ کانٛہہ تہِ اوسنہٕ اَتھ غریبی کِنی پتھ پێمتِس گرس ستۍ رشتہٕ کرُن یژھان۔ پننہِ سَختیہِ ہنٛدِس اَتھ وقتس منٛز ہێوٚت أمۍ پننہِ نِس دوستَس مشورٕ تیمی تَس ووٗن زِ ژٕ گژھ حاتمس نِشہِ یُس اَکھ سێٹھاہ رُت تہٕ سخی بادشاہ چھُ تہٕ تَمی کرِ ہے منٛگ مدد۔

یِپاَرِ اوس یِمَن دوہَن حاتم سبٹھاہ غریب سپُد مُت تہٕ گزارٕ کرنہٕ خاطرٕ اوس دانہٕ مُنان۔ مگر یوٗ دوٚے سُہ حالاتو یِتھ پیارِ اوس پووُمت زیوٗرٕ مُلکس منز اوسنہٕ تَس ہیوٗ کانٛہہ غریب تہٕ گرِتھ تہٕ اوس اَمِس سے سخی دل تہٕ لوٗکَن سوچھ واتناوُنچ اَسس تَتھ ہے گل۔ یِیلہٕ زِنٛی مزوٗرتہٕ تِسنٛدِس مُلکس منز ووت تہٕ تَمِس سمکھ اَتہٕ چھُ تِسنٛدِس سخاوَتس متعلق یِہ خوٗبصورت واقعہٕ (وَنُن لایق)۔ زِنٛی مزوٗرس اوسنہٕ پیاہ زِ سُہ گُس اوس تہٕ ژٕنی نَس پِنٛنہٕ ساٚرے دوکھہٕ بَرژ دلیل تہٕ ووٗن نَس مےٚ واتناوتہٕ تَمِس رحمدل حاتم بادشاہَس نِش۔ تَمہٕ راٚژ دِیُت حاتمن فاقہٕ یِتھ زَن سُہ پَنہٕ نِس پٔژھس کینٛہہ دِیہ ہے تہٕ صُبحِنَس باگ ژٕنی نس حقیقت "ہے یارا" اَمی ووٗنُس "بہٕ چھُس سے یُس ژٕ ژھانڈان چھُہَن۔ مگر وُ چھ۔ بہٕ چھُس تَتھے غریب یِتھ ژٕ چھکھ۔ افسوس۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ ژٕے مدد کٔرِتھ۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ ژٕے بیاکھ بَتہٕ ڈنگ تہٕ دِتھ۔ ووٗن گووہرگاہ ژٕ میانٛی کوٗر نِہَن مےٚ آسہٕ نہٕ انکار۔ ژٕ ہیکہٕ ہَن یِہ ہِنتھ تہٕ اَمِس ہِنتھ یِمہٕ روپیہ یِنے تَموٗسَتی ہیکہٕ ہَکھ پِنٛنہٕ کوٗرِ نِکھہٕ واٚلِتھ۔ گژھ تہٕ خداصاٚب گری نےٚ راٚچھ۔"

زِنٛی مزوٗرَن دِتُس جواب "ہے بادشاہ صاٚب۔ چانہٕ سخاوت کِنٛز کُملیاوِ مےٚ دِل۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ چانہٕ مہربانیہٕ خاطرٕ ژٕے ٹھیک پاٚٹھی شکریہ تہٕ گرِتھ۔ خداے دِیِ نےٚ اَمیُک اَجر۔ خداحافظ۔"

زِنٛی مزوٗرتہٕ شہزاٚدی دژاے لتہٕ۔ تَمَن اَس اکہٕ جنگلہٕ کِنٛز وَتھ یِیتہٕ یِمَن اَکھ شہزادِ سمکھ یُس شکارس اوس دژامُت۔ شہزادس پییہ اَمِس کوٗرِ پیٹھ نظر تہٕ اَتھی سَتی گوس اَمی سُنٛد محبت تہٕ زِنٛی مزوٗرس ووٗنُن مےٚ کرتہٕ پَنُن زامتر قبوٗل۔ ظاہر چھُ زِ

أمِ موٗنس تہٕ سَپُد کھاندر۔ اَمہِ پتہٕ آسہٕ ہٮ۪تھے زِنٛی مزٗورس اَتھس منٛز روپیہ یوان یمہٕ ستیٚ تٔمۍ پننۍ ساری قرض نکھہٕ وألی، پانس خأطرٕ بنوٗن اَکھ خوٗبصورت مکانہٕ تہٕ ستوٗنی کوربن کوٗرن جان تہٕ عزت دارگرن منٛز کھاندر۔

ہُپأری اوس شہزادِ پننہٕ خوٗبصورت آشنہِ ستیٚ سبٹھاہ خوش پأٹھی روزان ییٚس متعلق تٔمس یہِ ذیٖہنَس منٛز اوس زِ یہِ چھےٚ زِنٛی مزٗورسنٛز کوٗر۔ وون گوو اکہِ دوہہٕ نٔیاد تَس اَتھ متعلق پزر۔ تٔمۍ اوس أکِس غریبس پننہِ زنانہِ تِھیہ خأرات دِتمُت تہٕ تمہِ وٗنس سرسری پأٹھی زِ ژےٚ کُرتھ اَز حاتمی مطلب سخاوت یہِ ہے حاتم سنٛز ہش کأم۔ اَتھ پیٹھ پرٛژھس شہزادَن زِ ژےٚ کتہِ چھےٚ حاتمس متعلق کینٛہہ پَے تہٕ تمہِ وٗنس پتہٕ سورُے کینٛہہ۔ کتھہٕ کنۍ اوس زِنٛی مزٗورَن تٔمس مدد موٗنگمُت تہٕ تٔمۍ سنٛدی مأکی یَس نہٕ کہنۍ تہِ اوس کتھہٕ کنۍ دِژ سو تَس کنیز ہنٛدِ حیثیتہٕ۔ اَمہِ پتہٕ سوٗز شہزادَن زِنٛی مزٗورس ناد تہٕ تَس نِشہِ تہِ بوٗزِن یہِے لِفظ تہٕ بیہ رازٕ ہوٗنز ژھوٗلس تہٕ أمِ سنٛدِس کوہ قاف واتنس متعلق۔ سہٕ سَپُد یمہٕ سارے کتھہٕ بوٗزِتھ انتہأیی حأران۔ تٔمۍ سوٗز فورن بادشاہ حاتمس ناد تہٕ کوٗرنس درخاس اورینہٕ تہٕ أمِ سنٛدِس ملکس پننہِ اندازٕ حکوٗمت کرنہٕ خأطرٕ تکیازِ یہِ اوس پانہٕ حکوٗمت کرنہٕ خأطرٕ وُنہِ واریہہ لوکٕٹ تہٕ ناتجربہ کار۔ زِنٛی مزٗورس میوٗل اَکھ بوٗڈ جأگیر مگر نیٚبٹھہٕ وأنس آسو نہٕ سُنٛد ژھوٗل بادشاہَس حوالہٕ کرنُک حُکم دِنہٕ۔

(راوی۔ قادر۔ امراکدل سرینگرٕ نکھے روزَن وول اکھ نأوِد)



# اَتہٕ گتھ

اکہِ وقتہٕ ترٛ ووأ کِہ جوانٛن پُٹن گرٕ تہٕ ملک تہٕ گووأ ٲکِس صحراوس منٛز تپسیا کرنہِ ۔ یتھہٕ پأٹھی گزأرۍ أمۍ بہہ ؤری ۔ یتھ دوران نہ کھیوٚن کینٛہہ تہٕ نہ چوٚن ۔ ییلہِ أمِس خیال آو زِ ئہ گوس ووٚنۍ مذہبی معاملَن منٛز پوٚختہٕ تہٕ چیزَن ہنٛز حقیقت ترٛم فِکرِ تہٕ گیس یژھ زِ ئہ گژھہٕ فلأنی شہرس یُس قریبَن پانٛژھ میل دوٗراوس ۔ وَتہِ بیوٗٹھ سُہ أکِس گُلِس تل تھکھ دِنہِ تہٕ یام سُہ تھکس بیوٗٹھ اَکھ کاو آو تہٕ سُہ بیوٗٹھ تٔمۍ کِہ سیوٚد ہیٛرِ گَنہِ گُلۍ لنٛجہِ پیٹھ تہٕ ترٛأوِنس گَلس پیٹھ ربکھ ۔ أمِس کھوٚت اَتھ پیٹھ سخت شرارت تہٕ پھیوٗر کاوس گُن تہٕ کاو موٗدأتی تھے ۔ پوٗرٕ پأٹھی تھکھ کڈِتھ دژاوِیہ پاکباز بزٕ وٕنہہ گُن سفرس تہٕ ووت شہرس منٛز ۔ اَتہِ ژاوِیہ اکہِ مکانٕہ ٲکِس صحنس منٛز تہٕ موٚنگُن کینٛہہ کھینٕہ خأطرٕ ۔ اکہِ زنانہِ ووٚنُس دارِ کِنۍ اَژ لنٛد رتہٕ پرٛارتوٚت تأنی یوٚت تأنی میوٗن خانٕہ داسِیہِ تہٕ پَنٕنہِ دِمے ئہ ژےٚ کینٛہہ کھینٕہ خأطرٕ ۔ یہِ شخص گووا اَتھ جوابَس پیٹھ سیٹھاہ ناراض تہٕ ہیٚرِ ون أمِس بددعا گرُن مگر تَمہِ ژٕ ٹُنس یہِ ونان گتھ دُ ئہ چھُس نہٕ کاوٕ زِپنہِ شرٛ ارتہٕ ہرٛ نظرِ کیاہ زالہِ ہَم ۔'' جان گرٛھی لِی زِژٕ اَژ لنٛد رتہٕ پرٛار یوٚت تأنی میوٗن خانٕہ داروتہِ ۔ أمۍ نفرَن کوٚر لی مگر حأران اوس زِ أمِس زنانہِ کیأزِ ئِج اَمِس کاوس متعلق واقٕہ خبر ۔

اَمہِ پتہٕ کِمے کاٗلی پیوٚ وگرُک ماٗلِک واٗتتھ۔ یِمہِ پتہٕ زنانہٕ گرم آب اوٗن تہٕ چھٗلن اٗمِس کھورتہٕ پتہٕ اوٗنُس کھمن بۄ وۄنہہ گُن۔ پتہٕ اوٗن اَمہِ اٗمِس پۄشِھس تہٕ کھمن بۄ وۄنہہ کُن یێلہِ اٗمی تیوٗتاہ کھوٚیوٚت اٗمِس گۄھِہ ہے تمہِ پتہٕ کھوٚ زنانہٕ پانُس تہٕ کال۔ اَمہِ پتہٕ تۄ ووتمہِ خانہٕ دارس بسترٕ تہٕ یێلہِ سُہ وُنہِ اَتھ پێٹھ تکیس ستی ڈۄکھ تۄ اٗوِتھ بہتھ اوس تمہِ گرُنس کھورن ماٗلِش۔ پۄزۍ کنۍ اٗس سو اَکھ مثاٗلی زنانہٕ۔ یہِ اوس یہِ پاکباز شخص سوچان یُس یہِ سوٗرے وُچھان اوس مگر وۄنُن نہٕ کہنۍ۔

کھورَن ماٗلِش کران وۄن تمہِ پننِس خانہٕ دارس ''اَسہِ وَن تۄ ڈلیلا''، تمۍ موٗنُس تہٕ لاٗجن یتھہٕ کنۍ وَننۍ:

پتھ کالہِ اوس اَکھ برہمنا یُس وارِہَن وٕرۍ یَن یہِ زانہٕ خاطرٕ عبادت اوس کران زِ مرنہٕ پَتہٕ کوٚت چھے آتما گۄھان۔ اٗخرس تہٕ گرٕ دیوتا ہواٗی سٕنۍ یہِ یۄھ پۄرٕ۔ اَکہِ دوہہ صُبحے یێلہِ سُہ سۄ ان اوس کران تَس دۄ اوزُوتہٕ ژاواٗ رَکس نوزاٗ یدشُرس منۍ یُس اٗرکس واتلہٕ سُند نچوٗ اوس۔ بچہ گوو بڈان تہٕ ہیوٚ چھِن پننِس ماٗلی سُند کار، کھاندرکوٚرُن تہٕ بنیاو وارِہَن شُر بن ہُند مول۔ اٗتھی منۍ آو سُہ پننہٕ تھزِ ذاٗژ متعلق زاٗنی راونہٕ۔ اٗمی ژھُن ساٗلم اٗتی تۄ اٗوِتھ تہٕ گوو بێیِس مُلکس۔ سُہ یێلہِ اَتھ مُلکِس منۍ ووت تہٕ اتیک بادشاہ گوو مُرتھ تہٕ اَتہٕ اوس نہٕ اٗمِس تختس خاطرٕ کانہہ واٗرِث لہذا پیوٚ وزیرَن تہٕ تمن لۄگُن یہنۍ چلنۍ اٗس نوٚو بادشاہ ژارنہٕ خاطرٕ ہوٚس تہٕ پاٗزکڈنک مقبوٗل رسم وَرتاوس اٗنُن۔ یُس تہٕ ہوٚس تہٕ پاٗز قبوٗل کرہَن تَسۍ گرہَن لۄکھ تہٕ قبوٗل۔ اَتھ اوس نہٕ کانہہ متبادل۔ اَچھاتہٕ یہِ چھُ عجیب قِصا زِیوٚ ہے ازاٗنی آوۄژارنہٕ۔ ہوٚس نمِیاو

أمِس بڑ وٕنِہ کَنہِ تہٕ پأ زبیوٚ ٹھَس ژٕھنِس اَتھَس پیٹھ تہٕ تتھہٕ کنۍ بنوٚو کھ یہِ تمام لوٗکَن ہیٚتھ موٚ جود گیہِ منز بادشاہ۔ کینٛہہ ؤری گزرنہٕ پتہٕ لوٗگ أمِ ہنٛز زنانہٕ أمِس متعلق پےٚ تہٕ گیہِ أمِس نِش۔ مگر پتہٕ نٮیاوِیہِ کتھہٕ تانۍ پأٹھی زِیہِ اوس واتُل تہٕ أمِ ہنٛز زنانہٕ تہٕ أس لوکچہِ ذأ ژہنٛز۔ لوٗکھ پےٚ اَمہِ کنۍ اضطرابَس منز۔ کینٛہہ ژٕلی، کینٛہہ لٮگی تژ ابہِ تژ ابہِ کرنہِ تہٕ باقیو زول زِنٛدٕ ے پان۔ یُتھ نہٕ تم برادری منٛز کَڈِتھ یِہَن ژٕھننہٕ۔ بادشاہَن ییٚلہِ بوٗز زِ کیٛاہ چھُ سپدان تٔمۍ کۆر تہِ زول پَنُن پان۔ کۆر ہنٛز آتمادزِ لیہِ تہٕ ژایہِ أ کِس برہمَن ہِندِس شوس منز یُس ؤریاوِ بٔٹھَس پیٹھ اوس تہٕ سُہ دژ اوگرِ۔ ''أزکوٚ تاہ جلدٕ ے آکھ ژٕ سرٛان کرِتھ'' وٕنُس زنانہِ۔ مگر برہمَن دِیُس نہٕ کانٛہہ جواب۔ سُہ اوس صرِف بأکہٕ ہیوٚ وُچھان ''تیٚلہِ آسیا یہے بڑ وٕنِہ کُنِ (مرنہٕ پتہٕ) حالت۔'' سُہ اوس سوچان ''مےٚ وُچھایہِ پزی کِنہٕ یہِ اوس صرف اَکھ خواب۔''

اَمہِ پتہٕ ہفتہٕ کھٔنڈی آوا اَکھ برہمَن یِہنٛدِس صحنَس منز تہٕ موٚنگُن کینٛژھا کھنہٕ خأطرٕ۔ تٔمۍ وٕن زِ تٔمۍ چھُنہٕ پانژوٚدہَو پیٹھہٕ کہنۍ تہِ کھیوٚمُت۔ یتھ دوران تس پننہِ مُلکہٕ پیٹھہٕ یوٗت ممکن سپدِس تیوت تیز دوران وۄت تِکیٛا زِ تتہِ اوس اَکھ واتُل بادشاہ بناونہٕ آمُت۔ تٔمۍ وٕن زِ سأری لوٗکھ أسۍ تتہِ یاتہٕ ژلان نتہٕ نارس منز پان زالان۔ یتھ زَن اَمہِ ناکارگی ہِندِ بو نتیجو نِشہِ پان ہیکَن بچأوِتھ۔ برہمَن دِیُت اَمِس کھیٚن مگر وٕنُنس نہٕ کہنۍ۔ تٔمۍ سوٗنچ ''یہِ سأرِیٚم کتھہٕ پأٹھی ہیکہِ ہٮ۪تھ۔ بُہ تہِ اوسُس وارِیہَن ؤری یَن اَکھ واتُل۔ مےٚ کٔر وارِیہَن ؤری یَن بادشاہ بٔنِتھ حکوٗمت تہٕ یہِ شخص چھُ میٛانِہِن خیالَن ہِنٛدِس پوٗز آسنَس تصدیق کران تہِ کرِتھ تہِ چھےٚ میٛأنۍ آشنۍ یہِ ونان

زِبہ رۄ دس نہٕ معمۄلہٕ کھوتہٕ زیادٕ وَقتس گرِ نبر تہٕ بہٕ چھس تس پژھ کران تِکیاز سو چھنہٕ تمہٕ بڈتہٕ باسان تہٕ نہ چھےٚ کُنہٕ رنگہٕ یتھ جایہٕ تہٕ کانْہہ تبدیلی آمٕژ۔"

"یتھہٕ پأٹھی وأژمیأنی دٔلیل اند تیٚچ وضاحت یہ چھےٚ: رۄح چھُ وجۄد کہو مختلف مئزلو اِنسان ہٕنٛدِ سوچہ، کلامہٕ تہٕ کامو مطأبق گژران تہٕ ییٚمہٕ (دُنیا) پتہٕ یُس (دُنیا) چھُ تتیک اکھ دوہ چھُ أکِس یکِس برابر تہٕ اکھ یگ چھُ أکِس دوہَس برابر"۔

کہأنی اند وأتتھ أس یہ زنانہٕ شوٗنگن یژھان تہٕ ازأنی نفرس کُن نظر کرِتھ پرٛژھنس زِ ژےٚ ماچھی ییٚنہٕ کینْہہ ضرورت۔ تٔمۍ وۄنُس "صرف آنٛد"۔

"تیٚلہٕ گرٕ ھ تہٕ ژھانڈ پنٕنہٕ گرِ۔" تمہٕ وۄنُس۔ گرٕ ھ پنٕنہٕ نِس مأٔلِس ماجہِ نِش یِم چانہٕ خأطرٕ وَدان ودان اَیِمتۍ چھِہ۔ گرٕ ھ تہٕ تمن تھاوأچھن پیٹھ اتھہٕ تہٕ وَنٛکھ زِ تہٕنٛد نیٚچو آو واپَس تہٕ تمن یِیہ دُبارٕ گاش۔ اَدٕ گرِ ٕ ھکھ ژٕ خوش۔ خوٗشی گرِ ٕ ھہِ فرض چھِہ وَتہٕ مئزٕ ژھانڈنٕ یِنۍ۔ تہنزٕ فرمانبرداأریہ مئز یِم دیوتا ہوأسہِ ہیٚوٚ رچھِہ تھأوی مٕتۍ۔ زنانہٕ چھُ فرض خانہٕ دار خوش تھاوُن۔ شُرِس چھُ فرض مأٔلِس ماجہِ راحت واتناوُن۔ شہری یَس چھُ فرض زِ بادشاہَس واتناوِ راحت۔ یہ چھُ أسہِ سارِنٕے ہُنٛد فرض زِ أسۍ تھاوو کھ دیوتا خوش۔"

(راوی۔ نارأین کول۔ فتح کدل سرینگر)



# طِلسمأتی وأج

اُ ڈ سوداگرن دِلہ پنٕنِس نیٚچوِس زندگیہِ منز کینٛہہ کام کار شروٗع کرنہٕ خاطرٕ ژرٛے ہَتھ روپیہِ تہٕ دۄپنِس بیٚیِس مُلکِس منز گۄڈٕ ہتھ کر کاربار شروٗع تہٕ ازماو پَنُن طالع۔ نیٚچوِ ی روٗٹ رقم تہٕ سپُد روانہٕ۔ سُہ اوسنہٕ وُنہِ زیادٕ دوٗر رووتُمت زِ أمی وُچھ کینٛہہ گُپن رأچھ أکِس ہوٗنِس پیٹھ پانہٕ وأنۍ ژُوان تہٕ یَمو منزٕ کینٛہہ أمِس مارُن أسی یژھان۔ أمی رحمدل نوجوانَن وۄن یمَن کُن "مہربأنی کٔرِتھ مَتہٕ مأری تون یہِ ہوٗن۔ بہٕ دِموٚ توہہِ اَتھ معاوضہٕ ہَتھ روپیہِ۔" سیٚزٕ ے کتھا چھےٚ زِ اَمی ساعتہٕ سپُد یہِ سوداتہٕ أمی بیقلن تُل یہِ ہوٗن تہٕ دژاو بڑ وٕنہہ کُن سفرس۔ اَمہِ پتہٕ سمکھی أمِس کینٛہہ نفر ییم أکِس بڑارِ پیٹھ پانہٕ وأنۍ لڑٲے أسی کران۔ یَمو منزٕ أسی أڈی أمِس مارُن یژھان تہٕ أڈی أسی نہٕ یہِ مانان۔ أمی وۄننکھ "ہے یہِ بڑٲر مَتہٕ مأری تون۔ بہٕ دِموٚ توہہِ أمِس بدل ہَتھ روپیہِ۔" تمو دِژ یکدم أمِس یہِ بڑٲر تہٕ رَچھکھ ہار سُہ رۄد بڑ وٕنہہ کُن پکان تہٕ ووت أکِس گامَس منز اَتہِ أسی کینٛہہ نفر أکِس سرٕ پھَس پیٹھ ژُوان یُس یَمو اَمی وِزِ روٗٹمت اوس۔ أڈی أسی أمِس مارن یژھان تہٕ أڈی أسی نہٕ یہِ گتھ مانان۔ أمی وۄننکھ "مہربأنی کٔرِو یہِ سَرُپھ مَہ مأریو بہٕ دِموٚ توہہِ ہَتھ روپیہِ۔" تمو گٔے یہِ بوٗزِتھ خوش

تہٕ پانٕے ماٗنِکھ اُمی ہنٛز گژھ۔

وُچھ کوٗتاہ بیوقوف اوس یہِ۔ یہِ ساٗلم رقم موکلِتھ کیاہ سنا گرِ ہے یہِ؟ ماٗلِس زٕنہٕ واپس گرٕھنہٕ ورأے کیاہ چارٕ اوس ووٗنی اُمِس؟ لہٰذا گو وٕسہٕ واپس گرِ۔

''ہتا بیوقوفا۔ نابکارا۔'' اُمِس ووٗن ماٗلی ییٚلہِ تٔمی یہِ بوٗز زِ اُمی رٕکتھٕ کٔنی کٔڈی تم ساٗری پٔنسہٕ ضایع یمہ تٔمی اُمِس دِتی ہٕتی اٗسی ''گرٕھ روز ووٗنی گاٗنس منٛز تہٕ وٕدِ پٔنٕنِس قِسمتَس۔ بٔہ دِمےٚ نہٕ ووٗنی زانہہ پٔنٕنِس گرٕس منٛز اَنٛد راتٕنہٕ۔'' امہِ رٕکنٕ گو ویہِ جوان تہٕ لوٗگ گاٗنس منٛز روزنہِ۔ گٕپٕن ہٕنٛدِ خاطرِ ووتھرُ ن تٕژ اونہٕ آمٕت گاسہٕ اوس اُمِس بِستر تہٕ ہوٗن، بٕژاَر تہٕ سرپھ اٗسی اُمی ہٕنٛدی ساٗتھی یمہ اُمی ہٕیتِس درٕوٗرِکس قِمتَس مٕلی اٗسی ہٕیٚتی ہٕتی۔ یِمَن جانوَرن گیہِ اُمِس ہٕتی سخت لے تہٕ اُسِس دوٗہی دوہَس پٔتہٕ پٔتہٕ پکان تہٕ راتَس اٗسی اُمی ہیے ہٕتی شونگان۔ بٕژاَر اٗسِس کھورَن پٕٹھ شونگان تہٕ ہوٗن کلس پٕٹھ ییٚلہِ زَن سٕرُپھ جِسمَس پٕٹھ اکہِ اَنٛدِ کلہٕ تہٕ بییٚہِ اَنٛدِ لٔٹ الاٗنٛز تٕژ اُوِتھ آسان اوٗسُس۔

اکہِ دوہہ ووٗن گژھ باتھہِ دوران سرپھَن پٔنٕنِس اُمِس ماٗلِکس زِبہٕ چھس اَنٛدرٕ راز سُنٛد نیٚچُو۔ اکہِ دوہہٕ اوٗسُس بٔہ ہواخوری خاطرٕ زمینس پٕٹھ دٕژ امُت تہٕ کیٖژہ و نفرو روٗٹھس بٔہ۔ تٔمو آسہٕ ہابٔہ مورمُت ہرگانہٕ ژٕمےٚ برابر موقعس پٕٹھ بچاونہٕ خاطرٕ ووتمُت آسہٕ ہٕگھ ۔ مےٚ چھٕنہٕ یہِ پتاہ زِبہٕ رٕکتھٕ کٔنی ہکہٕ یہِ چون بوٚڈ احسان نِکھہٕ واٗلِتھ۔ ہرگاہ ژٕ میوٗن مول وُچھہَن ژٕےٚ چھی نہٕ پتاہ ٕسہ کوتاہ خوش گرٕھہِ پٔنٕنِس نیٚچوٗس بچاوَن واٗلِس وُچھتھ۔''

أمی جوانَن وۄنُس "سُہ کیتہٕ چھُ روزان؟ ہرگاہ ممکن سَپدِ تہٕ بہٕ چھس تمِس سمکھُن یژھان۔"

سرپھَن وۄنُس "یہِ وۄنتھ ژےٚ جان۔ ژٕ چھُکھاہُہ بال وُچھان؟ أتھی بالہٕ دامنَس تَل چھُ اَکھ مقدس ناگ ہرگاہ ژٕ مےٚ ستی یکھ تہٕ ناگَس منٛز وۄٹھ ترٛاوکھ تہٕ أسی دۄشوٚے واتو میانِس مألی سٕندِس مُلکس منٛز۔ سُہ گژھہِ ژےٚ وُچھتھ سیٹھاہ خوش۔ تہٕ اکھِتے ییٚژھی سُہ ژےٚ انعامہٕ تہٕ دِیٚن۔ مگر سُہ کتھہٕ کٔنی ہیکِہ تہٕ کرِتھ؟ وۄں گووتہٕ کرِتھ تہٕ گژھکھ ژٕ تمِس کینٛہہ رٕٹتھ خوش سَپدُن۔ ہرگاہ سُہ ژےٚ پرٛژھی زِ ژےٚ کیاہ گژھی ژٕ وٕنی زبس میأنی کٔنی یہِ جواب زِ چانہِ دۄچھنہٕ اَچھ وأج تہٕ ییٚہِ سُہ مشہوٗر بانہٕ تہٕ چمچہٕ یُس ژےٚ چھی۔ یم چیز ییلہِ ژےٚ بدس ینَے پَتہٕ پیٚیی نہٕ ژےٚ کُنہِ چیزُک تہٕ ضروٗرت تکیا زِ واجہِ یہِ کینٛژھاوَننہٕ ییِہ تہٕ کرِ سوٗفِل فور پوٗر۔ چاہے سُہ خوٗبصورت تہٕ شیرِتھ پأرِتھ مکانہٕ آسہِ یا سیٹھاہ دِلَس پزِ یہِ وِنی زنانہٕ۔ ییلہِ زَن بانہٕ تہٕ چمچہٕ پزِ بتھہٕ قسمک خاصومنٛز خاص تہٕ سارِوے کھوتہٕ مزِ دار کھین چین فراہم ہیکِہ کرِتھ۔

پننی ترٛ نوے ستی بأج ہتھ ووت یہِ شخص ناگس پیٹھ تہٕ سرپھہٕ سٕندِ وَننہٕ مطأبق سَپُد اَتھ منٛز وۄٹھ ترٛاونَس تیار۔ بزارِتہٕ ہۄنی ییلہِ وُچھ زِ یہِ کیاہ ہیوٚتُن کرُن تمو وۄنُس "سانہِ مألکہٕ۔ أسی کیاہ کرَو! أسی کوٚت گژھو؟"

تمی وۄنُکھ "توٚہی پزٕ اٗروٚمےٚ ییتی۔ بہٕ گژھہٕ نہٕ کُن دوٗر۔ بہٕ آسہٕ توہہٕ نکھے۔" یہِ وٕنتھ ترٛاوِ تمی آبس منٛز وۄٹھ تہٕ سَپُد أچھووُور۔

ہۄنی وۄن بزأر "أسی کیاہ کرَووۄنی؟"

بڑارِ وۄنُس ''اَسہِ پَزِ یِٚتی روزُن یِہ زَن اَسہِ مأَلِکَن حُکم دِیُت۔ ژٕ مہٕ ہےٚ کھنٛچ پریشأنی یٕہ گژھہٕ لگہٕ ہنٛدٕ بن گرَن منٛز تہٕ دوشوٕنی سُمب اَنہٕ کھبنہٕ خأطرٕ سبٹھاہ کینٛہہ۔'' تی کۄر بڑارِ تہٕ تِم دوشوَے رۄٚدی تۄت تانی آرامہٕ سان دوہ گزاران یۄت تانی تِہنٛد مأَلِک دُبارٕ آو تہٕ تِمَن نِش وۄت۔

جوان تہٕ سَرُپھ وأتی وارٕ کارٕ پَنہٕ نِس منٛزلَس تہٕ یِہ اطلاع آو بادشاہَس سوزنہٕ۔ بادشاہَن کۄر پَنہٕ نِس نیٚچوِس تہٕ اُمِس ازأنی شخصس پأنس بڑ وُنہہ کُن یِنُک حکم۔ مگر سرپھَن کۄرُس یِہ وٕنتھ انکار زِ یِہ گژھہٕ نہٕ تۄت تانی پَنہٕ نِس مأَلِس نِشہِ حاضر یۄتانہٕ مےٚ یِہ ازأنی یَلہٕ ترٛاوِ تیٚمی یِہ سبٹھہٕ ہے خوفناک موتہٕ نِشہِ بچوُس تہٕ تیٚمہِ کٔرٕ یٕہ اُمی سُنٛد غلام چھُس۔ پَتہٕ آو پانٔے بادشاہ تہٕ روٚٹن نیٚچو نالہٕ مَتہِ تہٕ ازأنِس شخصس سلام کٔرِتھ پَنہٕ نِس سلطنتس منٛز یِنہٕ خأطرٕ استقبال کۄرُن۔ یِہ جوان رۄٚدا تہٕ کینٛژن دوہَن یَتھ دوران اُمی رازٕ ہنٛز دۄچھنہٕ اَتھچ وأج تہٕ چمچہٕ تہٕ بانہٕ تُمی ہنٛدِ شُکرانہٕ رٕنٛگی حأصِل کۄر تیٚمی سُنٛد نیٚچو اُمی بچو ومُت اوس۔ تِمہِ پَتہٕ آو یِہ واپس۔ ناگہٕ کَس سطحس پیٹھ وأتِتھ وُچھ اُمی پنٛنہٕ دوس ہۄن تہٕ بڑ اُرأمِس پڑاران۔ تِمو وۄن اورٕ یورٕ اَکھأ کس تہٕ سورٕے یِہ یِمَن اَکھأ کس نِشہِ دۄرسپد نہٕ پیٹھہٕ سَپُد مُت اوس تہٕ سأری اُسی وۄنی خوش۔ اَمہِ پَتہٕ گٔے تِم یکجأ ڈری یاوس کُن یِتہِ یِمو اَمہِ جادوٕیی واجہِ تہٕ بانہٕ تہٕ چمچُک طاقت ازماونُک فأصلہٕ کۄر۔ سوداگرزادن وۄن واجہِ تہٕ اَتھہٕ ستی سَپُد اَکھ خۄبصورت مکانہٕ تہٕ اَکھ خوشہِ یوٕنی سونہأری مَس کٔرِتھ زنانہٕ ظأہر۔ تِمی وۄن بانَس تہٕ چمچس کُن تہٕ تہٕ سبٹھہٕ ہے لذیز کھین وأتی یِمَن بڑ وُنہہ کُن۔ یِہ زَن وۄنی اندازٕ ہیٚکہِ کرِنہٕ یتھ زِ یِمَن

حالاتَن منز۔ کتھ ہ کنۍ آسہٕ کیٛژن وٚری ین یمو خوش گزران پأٹھۍ زندگی گزأرمژ یوٚت تانۍ اکہِ دوہہٕ صُبحس امہِ زنانہِ مستس کنگو دِتھ پٔنٛنۍ کینٛہہ دزٲمتۍ مَس وال أکس مزکأتی کھوکھرِس منز بٔرتھ تتھ وٚری یاوس منز لاے یُس یہنزِ دارِ تلۍ پکان اوس۔ یہٕ نرکون روٗد وارِیہن میلَن آبس پٮ۪ٹھ پران تہٕ پتہٕ امہِ مُلکُکۍ شہزادن روٗٹ تہٕ سبٹھے اشتیاق سان یہٕ کھوٗلِتھ امہِ منز یہٕ سونہأری مَس وُچھ۔ یہٕ وُچھتھے دوریا و شہزادِ محل خانس گُن تہٕ دارِ برٕ ژوٗپرِتھ روٗٹُن کُٹھ تہٕ دزاوٕے نہٕ اتہِ۔ سُہ اوس تمس زنانہِ پٮ۪ٹھ بےوایہ پأٹھۍ عاشق سپُد مُت تیٚمۍ سُند مَس تمۍ لوٚبمُت اوس تہٕ اوٚ کنۍ اوسنہٕ کھیوٚن، چیوٚن، شوٚنگُن یا اور یور ڈُلُن مانان۔ یوٚت تانۍ نہٕ سو تمس نِش واتناونہٕ یِیہ ہے۔ أمۍ سُند مول سپُد امہِ معاملہِ کنۍ سخت پریشان تہٕ سمجھے اوُسس نہٕ یِوان زِ تَس کیاہ پزِ وۄنۍ کرُن۔ تمس گوو وَہمہِ زِ نیٚچِو گوٚ ژھُم نہٕ مرِتھ گژھُن تہٕ تَس روزِنہٕ وأرِث تہٕ پتھ کُن۔ ژھیکرَس کوٚر تمۍ یہِ ارادٕ زِ سُہ ہیٚنہِ پٔنٛنہِ نیٚچِنہِ اَتھ متعلق مشورٕ یوسہٕ اکھ دیوٚنۍ أس۔ امہِ بُجہِ کوٚر أمِس مدد کرنُک اقرار تہٕ وۄننس زِ ژٕ مہ گژھ پریشان تہٕ کیازِ مےٚ چھُ یقین زِ بہٕ ہیکَن یہِ خوٗبصورت زنانہِ چأنِس نیٚچِوی سنز آشنٕی بناونہٕ خأطرٕ حأصِل کرِتھ۔ تمہِ بنأو پانس ماچھ تُکرِ ہنٛز شکل تہٕ روٗزٕ گنگراے کران وُڈان۔ پٔنٛنہِ مُشک ہیٚنہٕ کنۍ وأژ سو أمِس زنانہِ نِش۔ أکِس اتھس منز لوٗرڈ کھران پکِتھ آیہِ أکِس زٕز بُجہِ ہنٛزِ شکلہِ منز أمِس برٕ وٚنِہہ کُن۔ أمِس خوٗبصورت زنانہِ وۄنُن زِ بہٕ چھسے ژےٚ ماس تہٕ وۄننس زِ ژےٚ چھتھس نہٕ بہٕ یٮ۪مہِ برٕ وٚنِہہ زٕہنۍ وُچھمژ تکیازِ چانہِ زنہٕ پتے أمِس بہٕ یٮ۪مہِ مُلکہٕ منزٕ دزٲمژ۔ پٔنٛنہٕ عین لفظن تأثیر بخشنہٕ خأطرٕ رٕٹ امہِ (بُجہِ) یہِ زنانہٕ نالہٕ متہٕ تہٕ کرٕنس

موٗنہِ تہٕ میٹھی۔ خوبصورت زنانہِ آوٕ بڑم دِنہٕ تمہِ کٔری اورِ تہٕ اُمس دیوٚنہِ نالہٕ مٔتٕ تہٕ دوٗپنٕس ژٕیہِ تہٕ روزتوت تانٛی اُتھی گرس منٛز یوٚت تانٛی ژٕے خوشی گژھی تہٕ تمہِ عزتہٕ تہٕ توجہ سان آیس پیش زِ دیوٚنہِ سوٗنچ پانٕسے ءتی زِ ژُٕ سپد جلدٕے پنٕنہِ نِس ارادس منٛز کامیاب۔'' تڑ بن دوٗہن گرس منٛز روزنہٕ پتہٕ تٕج اَمہِ جادویٖ واجہِ ہنٛز کتھ تہٕ ووٗنٕس پنٕنہِ نِس خاوندس بدلہِ یزٕی ژٕے یہِ پانٕس نِشہِ تھاوِنٛی تِکیاٚ زِ سُہ چھُ اکثر شِکارس تہٕ یژھنٕہ کامین پیٹھ نیران۔ییمہِ کِنٛز سُہ یہِ راوِ رِتھ تہٕ ہیکہِ۔ لہذا ووٗن امہِ زنانہِ پنٕنٕس خانہِ دارس یہِ وأج دِنہٕ خأطرٕ تہٕ تٔمی دِژٕس فورٕنے یہِ۔ یہِ موٗلُل چیز وُچھنہٕ خأطرٕ منگنس پڑٲرییہِ یہِ دیوٚنٛی بیٚیس دوٗہس۔ کانٛہہ شک تہٕ شُباہ نہ کٔرتھ پلناوس یہِ خوٗبصورت زنانہِ۔ یام اَمہِ یہِ وأج رٔٹ تِتھے بناوِن واپس پانس مانچھ تُلر تہٕ وُڈیہِ واپس محل خانس کُن یِیتہٕ شہزادٕ انتہأیی نازک حالتس منٛز بہتھ اوس۔'' ووتھ تھوٚد۔ روز خوش۔ مہ کروٗنٛی ماتم'' اَمہِ ووٗن تٔس۔ ییٚس زنانہِ پتھ ژٕ پھلواٗے چھکھ سوٗ واتہٕ پانے ووٗنٛی ژٕے نِش۔ وُچھ۔ یہِ گوٚو سُہ طلسم ییمہِ کِنٛز ژٕ سوٗ پانس نِش اَنتھ ہیکہِ ہٕن۔'' شہزادن ییٚلہِ یہِ کلامہِ بوٗز سُہ سپُد خوٗشی ءتی الہِ پلہِ پاگل تہٕ تیژٕ اَسس اُمس خوٗبصورت زنانہِ وُچھنٕچ خأہش زأمی ووٗن امی ساعتہٕ واجہِ تہٕ سُہ مکانہٕ ووت امہِ کِس خوٗبصورت بسکینس سان محل خانہِ کِس باغس سمنٛزس۔ سُہ ژاو اَمی ساعتہٕ اَتھ مکانس منٛز تہٕ پنٕنہِ سخت محبتُک اُمس خوٗبصورت زنانہِ اظہار کٔرتھ ووٗنُس پنٕنٛی آشنٛی بنہٕ خأطرٕ۔ اَمہِ مُشکلہِ منٛزٕ کانٛہہ موکلن پاٗے نہٕ ڈیشتھ دِتُس تمہِ یَتھ شرطس پیٹھ اقرار زِ تٔس پییہِ امہِ خأطرٕ اَکِس رتٕبس پڑٲرن ییتس کالس اوس سوداگر زادٕ شکارٕ پیٹھہٕ واپس ووتمت تہٕ

اَتہٕ پٔنٛزٕ آٗشنٛز تہٕ گرٕ نہٕ وُچھِتھ سَپُد سخت پریشان۔ یہِ اُس سوے جاے یوسہٕ تُمۍ تمہِ واجہِ ہُنٛد طاقت ازماونہٕ برٛونٛہہ وُچھمژ اُس۔ یوسہٕ اُمِس اِندر رازن دِژمژ اُس۔ یہِ بیوٚٹھ پتھَر تہٕ کوٚرُن پنُن پان مارنک ارادٕ۔ اُتھۍ منٛز آے ہوٗن تہٕ برٛاُر۔ تِم اُسۍ تمہِ ساعتہٕ اتہِ نیرِتھ ژوٗرِ پٹھۍ ژتۍ ییٚلہِ تِمو مکانہٕ تہٕ پرٛ بتھ کانٛہہ چیز اَتہِ غاَب گژھان وُچھ۔ تِمو وۄنُس "سانہِ ماٗلکہٕ۔ رٕٹھ پٔنٛزٕ اتھہٕ پتھ۔ ژٕ ے خاٗطرٕ چھےٚ یہِ بُڈ ازماٗیش مگر اَتھ چھُ علاج۔ ژٕ دِاَسہِ اَکھ ربتھ تہٕ اُسۍ گژھو تہٕ کروچاٗنٛز آٗشنٛز تہٕ مکانہٕ واپس حاٗصل کرنٕچ کوٗشِش۔" تُمۍ وۄنُکھ "گژھو تہٕ خدا اَگرۍ نوٚ اَتھ کوٗششہِ منٛز اتھہٕ روٗٹ۔ مےٚ اَنیوٗن زنانہٕ واپس تہٕ اَدٕ روزٕ بہٕ زِنٛدٕ۔" لہٰذا درا ے برٛاُر تہٕ ہوٗن اَتھ مہمہِ پٹھ تہٕ توٚت تاٗنٛز رُکے نہٕ کُنہِ تہِ جایہِ یوٚت تاٗنٛز نہٕ تِم توٚت واٗتۍ یوٚت تہنٛز ماٗلکنٛز تہٕ سُہ مکانہٕ ہنہٕ اوس آمُت۔ برٛارِ وۄن "اَسہِ ہِن یِیتہِ کینٛہہ مُشکل بتھہِ۔ وُچھ اُمۍ بادشاہَن چھےٚ ساٗنِس ماٗلکہٕ سنٛز آٗشنٛز تہٕ مکانہٕ پانس خاٗطرٕ نِمتۍ۔ ژٕ ٹھہٕر یِیتۍ بہٕ گژھے گرٕس منٛز تہٕ کرَن سو وُچھنٕچ کوٗشِش۔" اَمہِ کنٛز بیوٚٹھ ہوٗن پتھَر تہٕ برٛاُر گٔژھ تہٕ ژلیہِ دارِ کنٛز تتھ کمرس منٛز یِیتہِ یہِ خوٗبصورت زنانہٕ بہِتھ اُس۔ تمہِ پرٛزٕ ناوِیہِ برٛاُر تہٕ وۄنُس تہِ سوٗرے یہِ اُمۍ ہنٛدِ تِمَن زِشہِ نیرنہٕ پتہٕ سَپُد مُت اوس۔

تمہِ پرٛژھُس "مگر یِمَن ہنٛدِ اتھہٕ تلہٕ نیرنک چھُنا کانٛہہ تہِ طریقا؟"

برٛارِ وۄنُس در جواب "آ۔ ہرگاہ ژٕ مےٚ یہِ ؤنتھ ہیکَکھ زِ سو جادوٗیی واٗج کتہِ چھےٚ۔"

تمہِ وۄنُس "سو واٗج چھےٚ دیوٚنہٕ ہنٛدِس شکمس منٛز۔"

بڑارِ وۄنُس "ٹھیکھ چھُ۔ بٕہ کڈٕ ن سو اَتہِ۔ تہٕ ہرگاہ اَسہِ یہِ میج تہٕ پتہٕ سپد سأِلم کینٛہہ سونٔے۔" پتہٕ ۄ ژھ بڑأر مکانہٕ کہِ دیوارِ پٔٹھہٕ تہٕ روز أکِس گگر واجہِ نشہِ گرٛہتھ تتھہٕ کنٛز زنتہٕ یہِ موٗمرٕ أس۔ اَمہِ وِزِ اوس اتفاقن اَتھ جایہِ گگر برادریہِ منٛز اَکھ کھاندر سپدان تہٕ ہمسایہِ گی ہنٛدی سأری گگر أسی تتھی واجہِ منٛز سمِتھ ییٚتھ بڑأر ڈٲب ترٛأوِتھ أس۔ گگرن ہنٛدِس راژٕ سنٛدِس بڈِس نیچوِس اوس کھاندر بڑارِ لوٚگ أمیک پے تہٕ فورن آس یہِ خیال زِ بٕہ رَٹن مہراز تہٕ پتہٕ گَرَن سُہ ضرۆری مدد کرنہٕ خأطرٕ مجبوٗر۔ تتھے گگرن ہنٛز جماعت امہِ تقریبہِ ہنٛزِ خوٚشی منٛز واجہِ منٛز چرٛی گیٚش کران تہٕ وۄٹہٕ ٹلان کھرِ بڑۄہہ کُن پکنہٕ لگی اَمہِ لوٚب فورَن مہراز تہٕ گُنی چیٚنٛھی ترٛأوِتھ چوٚپرۄُن سُہ۔ خوفہٕ ہتی گگرن وۄنُس "اۄہ۔ مےٚ ترٛأویلہٕ۔ مےٚ ترٛأویلہٕ۔" بأقی سارِوے گگرو لوگ کربکہٕ ناد۔ "ہے یہِ ترٛاوُن یَلہٕ۔ أمِس چھُ اَز کھاندر۔"

بڑارِ وۄنُکھ "نہ۔ نہ۔ توٚت تانی نہٕ ہرگز یوٚت تانی توٚہی میانہِ خأطرٕ کینٛہہ کرِو۔ بۄ زِ ومیوٗن۔ یوسہٕ دیٚوِنی ہُتھ مکانس منٛز شہزادَس تہٕ تٔمی سنٛزِ آشنہِ ستی روزان چھے تمہِ چھےٚ سو وأج ننٛگلأو ومٕژ یوسہٕ مےٚ سخت ضرۆرت چھےٚ۔ ہرگاہ توٚہی سو میانہِ خأطرٕ حأصِل ہیکو کرِتھ تہٕ بٕہ ترٛاوَن تیٚلہِ یہِ گگر کانٛہہ آزار واتناونہٕ ورأے یَلہٕ۔ تہٕ ہرگاہ نہٕ تہٕ کرِو تیٚلہِ مرِ تہنٛد یہِ شہزادٕ میانِن پنٛجن تَل۔"

سارِوے وۄنُس أکی سے آوازِ منٛز "ٹھیک چھُ۔ اَسہِ چھُ قبوٗل۔ تہٕ ہرگاہ نہٕ ژےٚ أسی وأج أنِتھ دِمَوے تیٚلہِ ہیکَکھ ژٕ اَسہِ سارِنٕے مأرِتھ۔"

یہِ اوس واریہہ دلیرانہٕ جواب مگر تمو کوٚر یہِ کارنامہٕ۔ نصف رأژ تیٚلہِ دیٚوِنی

مَرِ ننْد رِأس اَکھ گگرا گووتہٕنْدِس بسترس کُن تہٕ کھوٚتُس بُتھِس پیٹھ تہٕ بْرنس پٔنٕز لٔٹ ہٕٹس تانْ اندر تیمی۔کنٔ دمیوٚنہٕ ژاس آیہِ تہٕ زورٕ زورٕ ترٛٲوٕ ژاس لاجن گرٕنی زِ تَس آیہِ وأج وٕہتھ تہٕ لٔج فرشس پیٹھ ڈُلہٕ ڈُلہٕ پگنہٕ۔ گگرن ترٛٲ ؤلی ؤلی اَتھ تھپھ تہٕ یہِ ہتھ ژوٚل پَنہٕ نس رازس نِش۔ سُہ سَپُد بڈٕ خوش تہٕ فورن بڑارِ نِشہِ گوٚہتھ کوٚرُن پَنُن نیچو آزاد۔

بڑارِ تِھتھُے وأج رٔٹ سودرٛلیہِ ہوٚنس ستی ہتھ واپس۔ یُتھ زِ پَنہٕ نس مأ لکس یہِ رٕژ خبر واتہٕ ناوِ ہے۔ وُنی اوس پڑ بتھ کانٛہہ چیز محفوٗظ باسان۔ تمَن اُس صرِف یہِ وأج تَس دِنی تہٕ سُہ وَنہِ ہے اَتھ تہٕ خوبصورت زنانہٕ تہٕ گرٕ آسہِ ہے واپس تمہٕ نِش تہٕ پڑتھ کانٛہہ چیز آسہِ ہے پرأنی پأٹھی خوش گُزران۔ تم اُسی سوچان زِ ''تہنْد مأ لِک کوتاہ خوش سپدِ!'' تہٕ تم اُسی تیوٚت تیز دوان یوٚت تم دوٚ رِتھ اُسی ہبکان۔ وَتہِ اوس یمَن أکس کولہِ ترُن۔ ہوٚن چھُ ژھانٛٹھ وایان تہٕ بڑار چھےٚ أمِس کمرس پیٹھ۔ اَمہِ موقعک فأیدٕ تُلتھ وُن ہوٚنی بڑارِ زِ مےٚ دِ وأج تہٕ سو کھوژناوُن زِ ہرگاہ نہٕ ژٕ یہِ مانکھ یہِ دِمتھ تیلہِ آبس منٛز دأرِتھ۔ اَمہِ کٔر دِژس بڑارِ وأج۔ شہمتہٕ کارٕ پییہِ ہوٚنس وأج تہٕ امی وِزِ نیہِ یہِ اکہِ گاڈِ ننبگاو وِتھ۔

''ہاے۔ بٔہ کیٛاہ گرٕ۔ وُنی کیٛاہ گرٕ بٔہ؟'' ہوٚن چھُ ونان۔ بڑارِ وُنُس ''وُنی یہِ گووتہٕ تہٕ گوو۔ اَسہِ پزِ یہِ واپس حأصل کرنٕچ کوٚشش کرٕنی تہٕ ہرگاہ نہٕ أسی اَتھ منٛز کامیاب سپدٕی تیلہِ چھُ اَسہِ بہتر پَنُن پان ییتہِ کولہِ منٛز آبس پھلٕہ وُن۔ مےٚ آو اَکھ خیال۔ ژٕ گرٕ ژھتہٕ مارُن اَکھ کٹہٕ موٚنگر تہٕ سُہ اَنُن پَتہٕ مےٚ نِش۔''

ہؤنۍ وۄنُس ''ٹھیک چھُ تہٕ فورَن سَپُد رولنہٕ تہٕ آوٕلی وٕلی اَکھ موٗمُت چِھر
ہٮ۪تھ تہٕ دِتُن یِہ بڑ ارِ۔ بڑ ارِ پھاسُو اَمِس یَڈ تہٕ اَنٛد رِم تان نیٚبر کَڈِتھ ژایِہ اَمی سے مژ تہٕ
پٮ۪ٹھ۔ ہؤنِس وۄنُن زِژ گرٛھ دۄر پہَن تہٕ روز ژھوپہٕ دَم کٔرِتھ۔ اَمہِ پَتہٕ کیٚہ کاٗلی آو
اَپاٗرِ اَکھ ندٕہر یسٕزِ نظرِ سٟتی یوت گاڈن اَڈی جن تانۍ یوٚس چھُ گرٛھان اَمی لاگ
اَمِس چِھرَس پٮ۪ٹھی کنٛز گَتھ کَرٕنۍ تہٕ اَتھی مژ ترٛاوِن اَمِس ٹِلتھ نِنہٕ خاطرٕ وُپھ۔ امی وِزِ
دژ ایِہ بڑ اَرتہٕ روٗٹُن یِہ جاناوارتہٕ دِژُنس دھمکی زِہر گاہ نہٕ راٗوِرِ واٗج مےٚ لٔبِتھ دِکھٕ بہٕ
ژھنٛتھ تیلہِ ماٗرِتھ۔ ندٕہرن کوٚرُس فورَن اَمیُک وعدٕ تہٕ جلدٕ ے وُپھیاو تہٕ ووت گاڈَن
ہِنٛدِس بادشاہَس نِش تہٕ دِتُنَس حکم زِ ژ گر پٕرژھہٕ گاٗرتہٕ واٗج دِ وصوٗل کٔرِتھ۔ گاڈٕ
بادشاہَن کوٚر یلی تہٕ واٗج آیہِ لَبنہٕ تہٕ واپس بڑ ارِنِشہِ واتناونہٕ۔

بڑ ارِ وۄن ہؤنِس ''پکھ وۄنۍ سے مےٚ اَنۍ واٗج واپس۔''

ہؤنۍ وۄنُس ''نہ۔ بہٕ مانے نہٕ یوٚت تانۍ نہٕ ژٕ مےٚ واٗج دِکھ۔ بہٕ تہٕ ہیکہٕ یِہ
چاٗنۍ پاٗٹھی ٹُلِتھ۔ دِمےٚ واٗج نَتہٕ مارَتھ بہٕ۔'' اَمہِ کنٛز پیٚیہِ بڑ ارِ واٗج ہؤنِس دِنۍ۔ اَمی
لاپرواہؤنۍ دِژ یِہ بیٚیہِ داٗرِتھ تہٕ اَمہِ وِزِ ژُھج یہِ اَکِہ کاٗنٹہِ تہٕ نٟن یِہ پانَس سٟتی۔ بڑ ارِ دِژ
کرٛیکھ ''وُچھ، تھاونظر۔ ہوٚ کیٛاہ گیٖہ یِہ ہُتھ بُڈٕس گُلِس پٮ۪ٹھ۔'' ہؤن چھُ دِوان کرٛیکھٕ
''ہے ہَے سےمےٚ کیٛاہ کوٚر یہِ۔'' ''بیوقوفہٕ سےمےٚ اَس پےٚ اَتھ گرٛھہِ یلی۔'' بڑ ارِ وۄنُس
''مگر گر وۄنۍ وورُن بنٛد نَتہٕ کھوژِ گانٛٹھ تہٕ ژلہِ اَتتھ تہٕ واتہِ توٚت یٮ۪تہِ نہٕ اَسی یِہ لٔبِتھے
ہیکون۔''

بڑ اٗر روز توٚت تانۍ پرٛاران یوٚت تانۍ پۄرِ اَنہِ گوٚٹ سَپُد تہٕ اَدِ کھٔرِ گُلِس۔

گاشٹھ مأرن تہٕ کٔرن وأج حاصل۔ "پکھ ووٕنی۔" واپس زمینس پیٹھ وأتتھ ووٚنُن ہوٚتس۔ "اَسہِ پزٕ ووٕنی جلدی کٔرنی۔ اَسہِ گووژیر۔ سون مألک مرِ غمہٕ تہٕ وَہمہٕ ستی۔ پکھ ووٕنی۔"

ہوٚن اوس ووٕنی شرمندٕ تہٕ تٔمی مٔنج بزارِ تٔمہِ تکلیفہٕ خاطرٕ معأفی یُس أمی تٔمس دُیت۔ تٔ ییمہِ پھرِ وأج منگنس کھوٚژسہ تہٕ یتھہٕ کٔنی وأتی یم پنہٕ نس دہ کھہٕ تٔس مألکس نش وارِ کارِ تہٕ دِژہس یہِ موٚنج طلسمی وأج۔ کہے کالی بدلیاو تٔمی سُند غم خوشی منز۔ تٔمی ووٚن واجہِ گٔن تہٕ تٔمی سُنز خوٚ بصورت زنانہٕ تہٕ مکانہٕ سپُد واپس ظأہر تہٕ پتہٕ اوس سُہ تہٕ بیٚیہٕ پرتھ کانہہ تتھے پأٹھی خوش یتھہٕ کٔنی تم بٕڑ وٚنہہ أسی۔

(راوی: قادر، امرا کدل سرینگرُک اَکھ نأوِد)



☆☆

# کاوٕ کوٗر

اکِہ دوہہ گیہِ زٕ کرٛاجہِ کرالہِ میٚژ اَنٕنہٕ خاطرٕ جنگل یوسہٕ تہنٛدٮ۪ن خانہٕ دارَن بانہٕ بناونہٕ خاطرٕ ضرورت اُس۔ تَموتلٕی پٕنٕنۍ دوٕ شُرۍ پانس پٔتۍ۔ کنۍ پِشانٛڈن منٛز۔ ییٚلہٕ تِمہٕ تَتھ جایہِ واژ ییٚتہٕ تَمن یہِ میٚژ اُس انٛنۍ تَموتھاوۍ پٕنٕنۍ شُرۍ اَکھ لڑکہٕ تہٕ اَکھ کوٗر پَتھر یُتھ تَم توٚت تانۍ پانہٕ واُنۍ گنٛدہَن یوٚت تانۍ ہُمہٕ پٕنٕنۍ پھٔتۍ برہَن۔ اَکھ گانٛٹھ تہٕ اَکھ کاواوس یہِ سوٗرے وُچھان تہٕ وُپھِ بوٚن وٕستھ نٮ۪کھ یم شُرۍ۔ گانٛٹہِ ژھُن لڑکہٕ مارِتھ مگر کاوٕ گووُ ڈان وُڈان تہٕ واتناوُن یہِ کورِ ہن جنگلہِ کِس دوٗر ژھَس کُن اُ کِس کلۍ دَدرِ نِش تہٕ تژ آوِن اُتۍ تھےٚ۔ کورِ ہیوٚت نہٕ وَدُن بلکہِ باسیوٚ تُمس یہِ مزٕ تہٕ لوگُن کاوس سٟتۍ اَسُن تہٕ گنٛدُن۔ کاوس تہٕ گیہِ سوٚ بڈٕ ٹاٹھ تہٕ سُہ اوس اُمس ڈوٗنۍ، مٕو، ژوچہِ کھٔنجہِ تہٕ کُنہٕ کُنہٕ وِزِ ییٚلہِ کُنہٕ بنہِ ہَس ناٹہِ پھوٚلاتہِ انان۔ یہِ کورِ ہَن گیہِ بڈٕ تہٕ یہِ اُس سبٕتھے مارٕ منٛز۔

اکِہ دوہہٕ آو اَکھ چھان لٔکر ژٹنہٕ خاطرٕ جنگلہِ کِس اَتھ ژھَس کُن۔ کورِ کٔر اُمِس سلام تہٕ وٕنٕنس دٕ بہٕ اَ ٕسس دپان ژٕ بناوتہٕ مےٚ کیٚتھ پِنٛدر۔ بہٕ چھُس ییٚتہٕ کُنۍ ژٕنۍ روزان تہٕ چھُس کیٚنٛہہ گرُن یژھان۔"

''ژٕ کیاز ِچھکھ ییٚتہِ؟ ژےٚ گتہِ چھی گرٕ؟ ژےٚ چھی نا اَمہِ جنٛدٕ ورأےٕ کٕہنۍ پلو یُس ژٕ لاگہٕ ہگھ؟'' چھانَن پٕرژھُس۔

''ژٕ مہ پٕرژٕ ھمےٚ کانٛہہ سوال صِرف دِتَم اَکھ پِنٛدٕر رِبنأوِتھ تہٕ بہٕ گژھہٕ سٕبٕٹھہے خوش۔'' کوٚرِ دِتُس جواب۔

چھانَن دِتُس پِنٛدٕر گٔرِتھ تہٕ کاوَن اوٚن اُمس خأطرٕ پِنٛدٕرٕ تُل تہٕ یوٗنہِ پَن ژٔورِ۔ تتھہٕ کٕنۍ گو وپِنٛدٕر تیار۔

اَمہِ پتہٕ کمہِ کالٕکی دژا وَامہِ طرفٕک بادشاہ اَتھ جنٛگلس کُن شکارس تہٕ سہٕ دژاو لیأری۔ تَمس گیہِ کَنَن پِنٛدٕرٕ کتنٛچ آواز۔ ''یَتھ الگ علاقس منٛز کُس ہیکہِ اَسِتھ۔'' تَمۍ وۄن پَننہِ نِس اَکس ستۍ وأرِس ''مےٚ چھےٚ کَنَن کہٕنٛز تانۍ پِنٛدٕرٕ کتنٛچ آواز گژھان۔ ژٕ گژھ تہٕ ییہِ وُچھِتھ ییہِ زِ ییہِ کُس چھُہ۔''

وارِیَہہ ژھأنٛڈ دِتھ لٔب یمَو نفرو اَکھ کوٗرأکِس گٕلی دَدرِ منٛز پِنٛدٕرس بٕژ وٗنہہ گنٕہ بِہِتھ تہٕ واتنأوِکھ ییہِ بادشاہَس بٕژ وٗنہہ کُن۔ بادشاہَن پٕرژھ اُمس سأرلم کیٛنٛہہ تہٕ اُمۍ سٕنٛزِ ڈٔلیلہِ منٛز گٔیس زبردست دِلچسپی۔ اُمۍ سٕنٛزِ خوٗبصورتیہِ ستۍ سخت متأثر سپدِتھ کوٚر نَس پانس ستۍ محل خانہٕ پِنٛگ تہٕ نیٚتھر کرنٕک درخاس۔ بادشاہَس آسہٕ شےٚ زنانہٕ تہٕ یہِ کاوٕ کوٗرِ اُس وۄنۍ سَتِم۔ پٕژ بتھ زنانہِ اوس پَنٛنۍ بیوٚن بیوٚن مکانہٕ تہٕ پٔنٛنۍ خاص نوکر۔ اَکہِ دوہہٕ آو بادشاہس خیال زِ بہٕ گرٕ ہا یہنٛزِ ہونٛرِ تہٕ مزاجٕچ ازمأیِش تہٕ کوٚرنَکھ حُکم زِ پٕژ بتھ کانٛہہ شیٖرِن تہٕ پأرِن پَننہِ نِس کمرس تیوٗت رٕتۍ پأٹھۍ یوٗت ییمَن ممکن سپدِ۔ شےٚ آشنہِ گیہِ تہٕ لاجِکھ معموٗلی پأٹھۍ کام کرٕنۍ۔ تَمو اُنۍ کیٛنٛہہ آرأیِشی چیٖز تہٕ تعویزٕ مُلی تہٕ پَننہِ نٕمَن

کمرن ہٕنٛزن لبٕن لوٗکھ گولاب عطرٕ ستی مگر سٕتم زنانہٕ گٔیہ پنہٕ نٕس ٹاٹھس کاوٕس نشہٕ تہٕ ہیوٚتُن تٔس مشورٕ۔ ''مہ ہے پریشانی'' کاوَن ووٗنُس تہٕ فورَن وُڈیا وتہٕ اوٕر اُنن پننہٕ توشتہٕ منٛز اَکھ (جرٛی) بوٗٹۍ تہٕ دِژن اُمس یہ وٕنتھ ''رٹھ یہ بوٗٹۍ تہٕ یٔہے متھی زِ پننہٕ کمرچن سارِنے لبٕن تہٕ تمہٕ پرٛزلن جلاو دِنہٕ آمتہٕ سوٗنکی پٔاٹھی'' کورِکوٗریٚ تہٕ تمی سُند گمرٕ پرٛزلیاو برابر سوٗنکی پٔاٹھی۔ تِیُتھ پاسہٕ سون زِ اَتھ کُن اُسنہٕ نظرٕ ے ہبکاں ٹھہرِتھ۔

ییٚلہٕ بادشاہ سٕنٛز وباقے زنانو یہ بوٗز تِمَن گو وحسد۔ یوٚ دوے زَن تِمو گولاب عطرٕ ستی پننٕہ نٕبن کمرَن لومُت اوس تہٕ یمہٕ سبٹھے قیمتی قالینو تہٕ شاندار گلدانو ستی پٔارأوی متی اُسی مگر تِم اُسی نہٕ کاوٕ کور ہٕنٛدِ کمرٕ کہ ہتی مہ حصہٕ تہٕ خوٗبصورت باسان۔ تِمو پرٛژھُس ''ژٔے کیاہ کوٗرتھ پننہٕ نٕس کمرس زِ یہ بٔنیاو یتھ پرٛ یہ وٗن۔'' مگر کاوٕ کورِ ووٗنی نہٕ یمَن کہنی۔

ییٚلہٕ بادشاہن ہُمَن شِبن زنانَن ہٕنٛدی کمرٕ وُچھ سہ گو وتِمَن وُچھِتھ خوش مگر ییٚلہٕ کاوٕ کورِہٕنٛدِس کمرس منٛز آو سہ سٕپُد حأرانی تہٕ خوٗشیہ کنی موٚت۔ اَمہٕ پتہٕ بنأوی تمی سو پتہٕ رأنی تہٕ زنتہٕ باقے مُشتھے گٔیس۔

بادشاہ سٕنٛدِ اَمہٕ خاص توجہ کنی گٔیہ ہُمن زنانن اُمی سٕنٛز وارے دٕ ے تہٕ نفرت۔ تمہٕ بنییہ ووٗنی وارے بدخصلت۔ مگر ووٗنی آو تِمَن بادشاہ سٕنٛدِ اَمہٕ خاص رٔ ویہ کنی مرٛزر۔ تِمو کر اُمس وُلی وُلی مارٕنچ ژوے۔ تہٕ پٔتن یہ بد کوڈُرعملہٕ منٛز اَننہٕ خأطرٕ میوٗل یمَن جلدٕ ے موقعہٕ۔ اکہِ دوہہ اوس یمَن سارِنے سرَس پیٹھ سرٛان کرنہٕ

گرٛھُن تہٕ پنٕنہِ جایہِ اوس یمو فأصلہٕ کۆرمُت زِ کاوٕ کورِ دِمو آبس مٔژ دَکہٕ تہٕ پتہٕ وَنو بادشاہَس زِ سو پھٔٹ پانٔے آبَس۔ لہذا ییلہِ یمہٕ تَتھ جایہِ واژِ ییتہٕ سرَس ژۆرسنمہ اوس ٹٔنۍ دِیُتھس سو تھِ پتھٕ یۆن کُن آبس مٔژ دَکہٕ۔

بادشاہَن ییلہِ یہِ دوکھٕ ہُرٕ خبر بوٗزٕ تَس پیوٗ ماتَم۔ وارِیہَس کالس ترٛأوٕ تمۍ کأمے کَرِ نہٕ۔ کُٹھ ترٛۆپرتھ بیوٗٹھ تہٕ کأنٛسہِ اَکِس سمکھ نہٕ۔ قِسمتس اوسنہٕ مگر رلنہِ ہُنٛد مَرُن وُنہِ منظوٗر۔ تہٕ سو پھٔٹ نہٕ آبس یہِ زَن پژ بتھ کأنٛسہِ باسیوٗمُت اوس۔ سرَس مٔژ یتھ جایہِ سو گیہِ تتہٕ نگھے اوس اَکھ بوٗڈ گُل یُس تتھ زُوِس مٔژ اوس کھوٗتمُت یُس نہٕ وَنی اوس یِوان۔ سو أس أتھی زُوِس کُن یِرٕ وُژھمُت تہٕ أس أتھی گُلۍ تھرس پتھ کھٔسمٕت یوٗت تِمس پنُن مہربان دوست کاو برابر کھٔمن اوس واتناوان۔

اَمہِ پتہٕ کینٛہہ ہفتہٕ گرٛھِتھ دژاو بادشاہ ہواخوری خأطرٕ ناوِ مٔژ اَمی گُلہِ کنٕز۔ کاوٕ کورِ پیٚہ أمِس پتھ نظر تہٕ دِژِن کریکھ "بادشاہَن اُ جنس یٔہ تاوَنس۔ میانہِ معشوقہٕ رِکِ یِتو"۔ تہٕ یِتھہٕ کنٕز ہووُن پنُن پان بادشاہَس۔ پننۍ یہِ ٹأٹھ رأنۍ وُچھِتھ گوو بادشاہ تیوٗت خوش یتھنہٕ کانٛہہ حدٕ ے چھُ۔ تمۍ تُج سو ناوِ مٔژ تہٕ واتناوُن محل خانہٕ۔ تتہٕ وۆن اَمہِ أمِس تہِ سأرُے یہِ سپدمُت اوس تہٕ ییلہِ بادشاہَس اصل معاملُک پَے لوٗگ تمۍ دیُت تمی وِزِ باتے زنانہٕ قتل کرنُک حُکم۔

(راوی۔ لال چند۔ کھونموٗہ پرگنہ وُلر)



# روپیہِ پچھس لوٗکٹ گَتھ

اَکھ غرٟیب اوٗن برٛہمن تہٕ تٔمۍ سٕنٛز زنانہٕ اٲسۍ زندگی گُزارنہٕ خاطرٕ پننہٕ نِس نێچُوِس پیٹھ۔ پرٛ بتھ دوہہ اوس سُہ جوان نیران تہٕ یِہ کینٛژھا نِچھتھ میلان اوس سُہ تہٕ اوس انان۔ یِہ روٗدکینٛژَس کالس چلان یوٚت تانٛی سُہ آخرس یژھہِ بخل ژٕ دی ہٕنٛزِ زندگیہِ نِشہِ سبٹھاہ تنگ آو تہٕ کوٚرُن پوٚختہٕ ارادٕ زِ گژھہِ دوٗیمس مُلکس منٛز گرٕ ھتھ ازماوِ سُہ پنُن قسمت۔ تٔمۍ وُوٚن پننہِ آشنہِ اَتھ ارادَس متعلق تہٕ تَس وُوٚنُن زِ سو نَبأوِن نہ تھہٕ یا تتھہٕ تہٕ پأرِن یِمَن بُڈن دوٗن کینٛژَن رتٕن یوٚت تانٛی سُہ نبر روزِ۔ تٔمۍ تھوو تَس قسم زِ سو واتہِ یِمن رِتۍ پأٹھۍ نہ تھہ نہٕ اٲمۍ سُند مول موج ناراض سپدِ تہٕ تَس بددُعا کرَن۔

اکِہ دوہہٕ صُبحس دژا اوسُہ پھُٹجہِ منٛز کھٔمن ہٮ۪تھ تہٕ روٗ ددوہ وادَن پکان یوٚت تانٛی سُہ ہمسایہِ مُلکہٕ کِس بُڈِس شہرس منٛز ووت۔ اَتہِ گووسُہ تہٕ بیوٚٹھ اَکِس باپأرِ سِنٛدِس وانس نِشہِ تہٕ لوٚگ خأرات منگنہِ۔ باپأرۍ پرٛژھ اٲمِس زِژ گتہِ پیٹھ چھکھ آمُت، کیاٛزِ چھکھ آمُت تہٕ ذات کیاہ چھے؟ اَتھ دِتُس اٲمۍ جواب زِ بہٕ چھُس اَکھ برٛہمن۔ پانس، پننہِ زنانہِ تہٕ مأجِس ماجہِ ہٕنٛز یڈ پالنہٕ خاطرٕ چھُس ہور یور پھیران تہٕ نِچھان۔ باپأرِس گیہِ یہ بوٗزِتھ اٲمۍ سٕنٛز ہمدردی تہٕ دوٗپنس ژٕ سمکھ ییٚمہِ مُلکہٕ کِس

بادشاہَس یُس سبٹھے رحمدل تہٕ سخی چھُ تہٕ وۄنُس ہرگاوَنگھ بہٕ یِیَے دربارس منٛز ستی۔ یِیمہِ وَقتہٕ یِم اور واتی بادشاہس اوس أکِس برہمن سُنٛد تلاش یُس تتھ سونہٕ ہارکہ مندرس ولتہِ ہے یُس تٔمۍ حالےٕ اوس بنوومُت۔ لہٰذا اسپُد بادشاہ أمِس وُچھتھ خوش زِ یہٕ اوس برہمن تہٕ پتہِ بۄزن زِ یہٕ چھُ رُت تہٕ دیانتدار۔ أمۍ کوٚر راے ساعتہٕ مندر أمِس حوالہٕ تہٕ حُکم دِتُن زِ أمِس یِن ؤری یہٕ پتہٕ ؤری یہٕ پنٛزاہ کھارولنہِ تہٕ رہتہٕ وار اَکھ ہتھ روپیہ معاوضہٕ رُنگی دِنہٕ۔

اَمہِ پتہٕ دوہیہ رِتی یِیلہِ نہٕ برہمن سٕنٛزِ زنانہِ خانہٕ دارس متعلق کانٛہہ شیچھا خبرا بۄزتہٕ سوٗ ژھ تہٕ دڑ لیہِ تٔمِس ژھانڈنہِ۔ قسمتہٕ کِنۍ واژ سوسیوٚ دُے اۄری تہٕ اَتہِ بۄزن زِ پزٕ بتھ دوہہ صُبحاے چھے اَتھ سونہارکہ مندرس منٛز بادشاہ سٕنٛدِ ناوِ کانٛسہِ تہٕ حاجت مند بچھونس اۄت گژھتھ سونہٕ سٕنٛز اَکھ روپے دِنہٕ یِوان۔ لہٰذا گیہِ سو وۄیِمہِ دوہہٕ صُبحاے اور تہٕ اَتہِ وُچھن پنٔن خانہٕ دار۔ تٔمۍ وۄنُس "ژٕ کیاز آیکھ یور؟ ژے کیاز تژ وۄتھَن میوٚن مول موج؟ ژے سوٗچتھ نازِ ہرگاہ نہٕ ژٕ تمن واژ کھ تمہِ مادِن مے بد دُعاتہٕ بہٕ مامرٕ؟ ژٕ نیرفورَن واپس تہٕ پیارمیأنس واپس یِنٛس۔"

"نہٕ۔نہٕ۔" زنانہِ وۄنُس "بہٕ ہیکہٕ نہٕ فاقہٕ روزنہٕ تہٕ چانٛس بۄڑ مألس ماجہِ ہُنٛد مرُن وُچھنہٕ خاطرٕ واپس گژھتھ۔ گرس منٛز چھِنہٕ اَسہِ کھینہٕ خاطرٕ اَکھ دلنہٕ تہٕ۔"

"ہے بھگونت!" برٛہمنن وۄنُس جذباتہٕ بۄرت "رَٹھ یہٕ" تہٕ بۄ وۄنٛھ کُن کینٛہہ سُطرٕ کاغذس پیٹھ لیکھتھ تس کن پلناوان "تہٕ یہٕ دِ بادشاہَس۔ تہٕ نہٕ مادِلی ژے اَتھ اَکھ لچھ روپیہ" تہٕ یہٕ دۄنتھ گرِن سورہ خصت تہٕ دڑ لیہِ سو۔

اَتھ کاغذ پرٕ چَس پیٹھ آسہٕ ژور نصیحژ لیکھتھ:

۱۔ ہرگاہ کانٛہہ شخص سفرس پیٹھ آسہِ تہٕ راتھ کیٛتھ کُنہِ ازاٗنی جایہِ والہِ تَس پزِ تتھ جایہِ متعلق حبسہٕ روزُن بیٚیتہِ سُہ ٹھہرِ تہٕ ہِند رمِژ پزُنَس نہٕ اُچھ وَٹنہِ یتھ زَن موت اُمِس اُچھ وَٹناوِ نہٕ۔

۲۔ ہرگاہ اِنسانس ضرورت آسہِ تیٚلہِ ازماٗوِن پنٕہٕ نٛبن دوستن تہٕ ہرگاہ ضرورت آسبس تہٕ تیٚلہِ گژھن نہٕ تِہندی یارتَس ازماوِنی۔

۳۔ ہرگاہ کاٗنٛسہِ نیٚتھر کرہِژ بینہٕ آسہِ تہٕ تَس نِش سُہ بڑٕ حیہِ تہٕ زیٛہ سان گژھہِ سوکرِ تَس یٚیمہِ باپتھ استقبال زِ تَس کیٛاہ میلہِ اُمِس نِش تہٕ ہرگاہ تِمس نِش غرٖیب پاٗٹھی گژھہِ تَس کھَسہِ نَس تہٕ زانہِ سپے نہٕ۔

۴۔ ہرگاہ کاٗنٛسہِ کانٛہہ کاٗم آسہِ سُہ گوٚھہِ سوپانے کرُن تہٕ یہِ گژھہِ پوٗرٕ طاقتہٕ ستی تہٕ کھوژنہٕ وراٗے کرُن۔

گرِ واٗتتھ ووٗن برہمن ہنٛز زنانہِ پنٕہٕ نِس ماٗلِس ماجہِ پنٕہٕ نِس خانہٕ دارس سمکھنس تہٕ تتھ مولہِ لِس کاغذ پرٕ چَس متعلق یُس تِمی تَس دِتمت اوس۔ مگر پانہٕ بادشاہس نِشہِ گژھُن اوسُس نہٕ خوش توٚ کٔنٛہ سۄزُن یہِ اَکِس اَشناوس اتھہِ۔ بادشاہَن پوٚر یہِ کاغذ تہٕ حکم دِتُن زِ اُمِس نفرس دِیو کوٚڑ تہٕ ژھنیٚون کڈِتھ۔ دوٚیمہِ دوہہٕ تُل برہمن بایہِ یہِ کاغذ تہٕ دربارس کُن وَتہِ پکان پکان لوگُن یہِ پرُن زِ تَس پیوٚ بادشاہ سُند نچُو بُتھہِ تہٕ پرٕژھنَس زِ ژٕ کیٛاہ چھکھ پران۔ اَتھ پیٹھ دِتُس اَمہِ جواب زِ مے چھُ اَتھن منٛز اَکھ کاغذ یتھ منٛز کیٛنٛہہ نصیحژ چھے یَمن تَس اَکھ لچھ روپیہ میلُن گژھِہ۔

شہزادَن دۆپُس یہِ ہاوِمے تہٕ ییٚلہِ أکی یہِ پۆرتہٕ دِتُن أمِس اَمہِ رقمہٕ خأطرٕ پروانہٕ تہٕ دڑاو گُرس پیٹھ بڑ وٚنہہ کُن۔ غریب برہمن زٔنی أسِس سٮ۪بٹھاہ شُکر گزار تمہِ دوہہٕ اۆن تمہِ کھٮ۪من چینہٕنگ تیوٗت سامانہٕ یُس یَمن سٮ۪بٹھاہ یڑ کال تانی پوشہِ ہے۔

شامَس بأگی وۆن شہزادَن پَنہٕ نِس مأیلِس أمِس زنانہِ سمکھنُک تہٕ کاغذ پرچہِ مٔلی ہنُک معاملہٕ۔ تَس أس رائے زِمول گرِمہٕ اَتھ کامہِ پیٹھ تعریف مگر تہِ سَپُد نہٕ۔ بادشاہَس کھۆت بڑ وٚنٛھی مہِ کھوتہٕ تہِ ژۆر شرارت تہٕ پَنہٕ نِس نیٚچوِس دِتُن جلاوطنی ہُنٛد حُکم۔

افسوٗس! سٮ۪بٹھاہ افسوٗس! شأہی خاندان سَپُد بادشاہ سُنٛد یہِ ظأ لمانہٕ حُکم بُوٗزِتھ سٮ۪بٹھاہ مغموٗم تِکیازِ شہزادٕ اوس سارنٕے ٹۆٹھ تہٕ اَکھ سُہ جوان یَس ٕتی سٮ۪بٹھاہ ووٚمید آسہٕ تہٕ بیٚیہٕ اوس تخٛتُک تہِ وأرِث۔ وۆں گوو بادشاہ سُنٛد حُکم اوس ناطق لہٰذا ہیوٚت شہزادَن ماجہِ، أشناوَن تہٕ دوستَن اجازت تہٕ دڑاو پَنہِ نِس گرِس کھٔسِتھ۔ کۆت پیٹھ؟ تہِ اوسہٕ تَس پانس تہِ پتاہ۔ شام سِدتھ ووت سُہ گتھ تانی جایہِ ییٚتہِ تُمس اَکھ نفر سمکھ تہٕ گرٕنس دعوت زِ ژٕ ٹھٔہر سانہِ گرِ۔ شہزادَن مأنی أمی ٕسنٛز یہِ دعوت تہٕ تَس آو شہزادٕ ٕسنٛدی پأٹھی واتنہٕ کرنہٕ۔ تٕسنٛدِ بیٚہنہٕ خأطرٕ آوو تھٔرُن کرنہٕ تہٕ سٮ۪بٹھٕے رُت کھٮ۪من آس بڑ وٚنہہ کُن اَنٕنہٕ تہٕ راتھ کیٚتھ أسِس میزبانہٕ ٕسنٛز کۆرو چھٔنَس واتنَس۔

''آہ'' یام تُٔمی آرام کرنہٕ خأطرٕ لَرٕ ژٕ أوی لوگ سوچُن ''اَزوٗ چھہٕ بٕہ تمہِ گوڈنٚچہِ نصیحژٕ ہُنٛد وجہ یوسہٕ مےٚ تمہِ برہمَن زنانہِ دِژ۔ بٕہ شوٗنگہٕ نہٕ اَزراتَس۔''

یہِ گوو جانٕے زِ تُٔمی کۆر یہِ فأصلہٕ تِکیازِ نصف شبس کیٚتھ ؤژھ تُٔمس نفرٕ ٕسنٛز کۆر

تہٕ تلوار اَتھس کیتھ ہیتھ دور، یِہ شہزادَس کُن تَس مارنہٕ کہِ اراد۔ وۄں گو وشہزادَن بجود یِہ ٹاس تہٕ تلوار تِمس ہتھ وۄننس "ژٕ کیاز چھکھ مےٚ مارُن یژھان؟ مےٚ کوٚر ژےٚ ہتی کانٛہہ غلط؟ مےٚ یوٚژھا ژےٚ ہتی کانٛہہ غلط کرُن؟ تھاو یِہ تلوار بند تہٕ سَپدی پانٕسے تِمس بادشاہٕ سٕندی پاٹھی دوہکھ تیٚمی پٔنُن ٹوٹھ طوطہٕ مارِتھ ژھنیاو۔"

"کُس بادشاہ؟"

"بوز" شہزادن وۄنُس:

"یِہ اوس اَکھ بادشاہ یُس اَکھ سیٹھاہے خوٗبصورت طوطہٕ اوس یُس تَس سیٹھاہ ٹوٹھ اوس۔ یِہ طوطہٕ اوس شاہی حرم خانس منٛز روزان تہٕ بادشاہ اوس ہمیشہٕ پَنٕنین آشنبن ہتی گَتھ کرنہٕ برٛونٛہہ اَمِس ہتی گَتھہٕ کران۔ اکہِ دوہہ موٚنٛگ طوطن اَمِس اکہِ رہتہٕ خاطرٕ اَتہٕ نیرنٕک اجازت یُتھ سُہ پَنٕنِس نچوٗس کھاندر کرِ ہے تہٕ بادشاہن کوٚر اَمی سُند یِہ درخاس منظوٗر۔ طوطہٕ گو وتہٕ کھاندر سَپُد اَمہِ پتہٕ کُر طوطن واپس یِنٕچ تیاری۔ اَمی اَنی پانس ہتی بادشاہٕ سٕندِ خاطرٕ دۄن کلین ہٕندی رُونہٕ باپتھ قلم۔ یِمو منٛز اَکِس کُلِس یِہ تاثیر اوس زِ اکہِ ہتی اوس جوان بُڈ ہبکان سپدتھ تہٕ بیٚیہِ ہتی اوس بُڈ جوان ہبکان بٔنِتھ۔ یِم قلم آےٚ زمینس منٛز لاگنہٕ تہٕ برابر وقتس پیٹھ پھاپھلے تہٕ دژا اکھ میوٗ۔ مگر تہٕتھے میوٗ تیار پٔن ہیوٚتن تہٕ مُلکس منٛز آو اَکھ طوفان تیٚمی ہتی کُلی لَر پھیری تہٕ اَکھ اَجدریُس آبَس ہتی پرٕ اوس وۄ تھمُت بیوٗٹھ یِمٕنے کُلین منٛز تہٕ یِمَن ہٕنٛزٕن لنجن پھرُون زَہَر۔ مگر اَمیک لوٚگنہٕ کانٛسہٕ اَکِس تہٕ پَے۔ یِیلہِ وۄنی طوفان ہمیاو باغوان گو وتہٕ لاَ رِگن واپس یِم کُلی تہٕ تتھہٕ پاٹھی ووت یِمَن زِیمہٕ پھیری دُبارٕ تہٕ دژا اکھ میوٗ تہٕ امہِ منٛز آو

کینٛہہ موٚ بادشاہَس ہِنہٕ۔ تٔمۍ یوٚ ژھ زِبہٕ گرِ ہا اَتھ گوڑ کاٗنسہِ جانورَس پیٹھ ازمایش تہٕ لوٚیُن اَمہِ کُلیک کینٛہہ موٚ ہوٗنس کُن۔ ہوٗنۍ کھوٚیہٕ تہٕ اَتھی ستۍ موٗد۔ یہِ وُچھِتھ کھوٚت بادشاہَس شرارت تہٕ سوچُن زِ طوطہٕ اوس مےٚ ستۍ مسخرٕ کران تہٕ دِژُن حُکم زِ یہِ ژھنیوٗن مارِتھ۔ دوٚیمہِ وٕرِ یہِ دژ اوٚیمن کُلین بیٚیہِ موٚ تہٕ اوٗت تاںٛ اوس یِمن کُلین ۂزٕرن لگِتھ سورٕ ے زہر موکلیوومُت۔ اَکہِ دوٚہہ صُبحاے اوس لیا رِی اَکھ بُڈ موٚ ہشوا اپکان تہٕ بوچھہِ ہوٚت آسنہٕ کِنۍ پلنووُن اَتھہِ تہٕ اَکھ موٚ ہنا وأتِھ کھیوٚن سٕہ۔ سٕہ بنیاوفورن دُبارٕ جوان۔ یہِ عجیب معاملہٕ ووت بادشاہَس تاںٛ تیٚمۍ حُکم دِیُت زِ اَمہِ مٔزٕ اَنو کینٛہہ موٚ مےٚ ہِنش۔ تٔمۍ دُیُت دُبارٕ جوأنی پھیرِتھ اَنن والہِ موٚ مٔزٕ کینٛہو ہا پانہٕ ہِنس بُڈ وزیرَس تیٚمۍ سٕہ کھوٚ تہٕ سٕہ بنیاو اَتھوٚ پیٹھی اَکھ مضبوٗط نوجوان تِتھے۔ تتھ سٕہ لوٗگن نصف صٔدیابٕز ونٛہہ وَنہِ اوس۔ بادشاہَن بیٚیلہِ یہِ وُچھ تَس سپُد سبٹھاہ افسوٗس۔ شہزادَن ووٗنس ’’دیقیٖن گرَکھنہٕ ژٕ مےٚ ستۍ ہِنہِ تی۔‘‘

’’نہٕ‘‘ تٔمہِ دِژ تَس جواب

یوٚ تاںٛ شہزادَن یہِ دٔلیل وٕنِتھ موکلاو ووت تاںٛ اوس صُبح تہٕ سپُد مُت تہٕ گرٕکۍ باقے بأژأسی ووٗنۍ (ہِندٕ رِوٗہِتھ) أندرٕ یکۍ۔

تتھہٕ کِنۍ بچاو شہزادِ۔ تٔمۍ یوٚ ژھ اَتہِ نیرُن تہٕ سٕہ ما آسہِ ہے جلدی دژ امُت تہٕ مگر گرِکۍ مألکِن بوٗزُس نہٕ اَکھ کتھ تہٕ۔ تٔمۍ کوٚر أمس اَمہِ دوٚہہ تہٕ روزنہٕ خاطرٕ سخت زور تہٕ وعدِ کوٚرنَس زِ پگہہ دِمےٚ بہٕ ژےٚ سُلی روخصت۔ شہزادَس آو سٹھاہے خاطر کرنہٕ تہٕ کالہٕ کِی پأٹھی آورُت غذا کھیاونہٕ تہٕ راتھ کیٚتھ آس کالہٕ کٔے گمرٕ شوٚنگنہٕ خاطرٕ ہاونہٕ

یوٚت تِمس میزبان ہشز کوٗرتہٕ نظر دِنہٕ آیہٕ۔ اَمہٕ رأژتہٕ وچھ نہٕ شہزادَن اُچھ۔ تَس اوس خوف زِ یہٕ کوٗر خبر کیاہ کرِ مےٚ ہتَو۔ نصف رأژ ڈوٗڑھ سوتہٕ تُجن اَتھس منز تلوار تہٕ گیہٕ اُمس مارنہٕ خاطرٕ تہٕ سُہ ووٗتھ اوٚر تھوٚدتہٕ کرِن کتھ۔

''مےٚ مہٕ مار'' تِمہٕ ووٗنُس۔ژےٚ کیاہ فائید نیری مےٚ مارنہٕ ستَو؟ ہرگاہ ژٕ مےٚ مارکھ ژےٚ گژھی پَتہٕ تِتھے کِنز افسوٗس ییتھہٕ کِنز تِمس نفرس گیاو تیمی پٔنُن ہوٗن ماریاو۔''

''کُس ہوٗن؟ کُس نفر؟ تِمہٕ پرٛژھُس

شہزادَن ووٗنُس ''یہٕ وَنےٚ ژےٚ ہرگاہ ژٕ مےٚ یہٕ تلوار دِکھ''

لہذا دِژ تِمہٕ اُمس یہٕ تلوار تہٕ شہزادَن کٔر بیا کھڈلیل وَننۍ شروٗع:

''یہٕ اوس اَکھ امیر سوداگر تیمس اَکھ پالتو ہوٗن اوس۔ اُمس سوداگرس آو کیاہتانٛ ووگتہ تہٕ لرِتل روٗدس نہٕ کاسہ تہٕ توے پیوٚس پٔنُن یہٕ ہوٗن تہٕ پانس نِش الگ کرُن۔ تِمہٕ ہیٚژ بیٚیِس اَکس سوداگرس تِھیَس ہوٗنس بدلہٕ پانٛژھ ساس روپیہ وودُم تہٕ یِمو روپیو ستَو لوگُن نوٚسرٕ کاربار کرُن۔ اَمہٕ پتہٕ کِہے کالٕ ژاے دوٗ یمس باپارِس وانس ژوٗر تہٕ نیوٗہَس اَتہٕ سورٕے کینٛہہ یہٕ کینژھا تہٕ ژوٗکھ تہٕ لوٚ ہےنہٕ داہ روپیہ تہٕ۔ ووٚن گوو اُمس وفادار ہوٗنس اوس یہٕ سورُے فِکرِ تران زِ اَتہٕ کیاہ چھُ سپدان۔ لہذا دژ اوٚ ژوٗرنٕ پَتہٕ پَتہٕ تہٕ وُچھن یِمو گتھ جایہٕ تھووِ یہٕ سامانہٕ تہٕ پَتہٕ آو واپس۔

صُبحس کیتھ یِیلہٕ یہٕ نٔنیاو زِ کیاہ اوس سپدمُت تہٕ ووٗتھ باپارٕ رکی ہِنٛدِس گرٛس منز وَدَنس ہےٚ۔ باپارٕ رٕ سپدُ تقریبن پاگل تہٕ اَتھ منز روٗ دہ ہوٗن دروازس پِٹھ یوان تہٕ مالکس کُرتنہٕ تہٕ یِمزارس لمان زَنتہٕ سُہ تِمس نبرہِنہٕ خاطرٕ ونان اوس۔ اُکرٛس تہٕ ووٗنُس

أ کی یارَن زِ خبر ہؤنس ماچھےٚ چیزَن ہنز کینہہ پتاہ توے نیر ژ أمِس پَتہٕ پتہٕ تو رپٲرِک یہِ بڑ ؤنہہ بڑ ؤنہہ پکی۔ باپٲرِک تہِ مون تہٕ دژاو ہؤنس پَتہٕ پَتہٕ تہٕ ووت برابر تتھ جایہِ یتہٕ ژؤ روپیہِ سامانہٕ دبأوِتھ اوس تھوومُت۔ اَتہِ گر ہؤنی ووپھرائے تہٕ ہنجوٕ ستی لوگُن چھن تہٕ ہووُن ہیٚنہِ تہٕ وار یہوطریقو زِ چیز چھِ أتی تھے دؤبرِتھ اَمہِ۔ کنہٕ لوگ سوداگرتہٕ تُمی ہندی یارَن اَتھ کھنُن تہٕ جلدِ ے دژ اوژؤ رِہُند سورُے سامانہٕ نوٚن۔ کہنی چیز اوسنہٕ پَر۔ سأری چیز أسی بلکل تتھے کنہٕ یتھہٕ کنہٕ ژؤ روپیہِ تُلِتھ نِمتی أسی۔ باپٲرِک گو وسبٹھا خوش۔ گرِ واپَس وأتتھے سؤ زِ تُمی ہؤن واپَس پرأنِس مأ لکس نِش تہٕ کنس منز تھأوِنس اکھ چِٹھی ؤلِتھ۔ یَتھ منز أسی ہؤنی ہنزِ عقلمندی متعلق لیوٚ کھمُت اوس تہٕ دوستَس اوسُن ووٚنمُت زِ ژٕ مُشر اوپنُن قرض تہٕ ہیٚنہِ گرنٲوی پانژھ ساس روپیہِ ڈالہِ رٔنگی قبول۔ ییٚلہِ سوداگرَن پنُن یہِ ہؤن دؤرے پہَن یوان وُچھ تُمی سونچ زِ ہے افسوٗس مےٚ وأژوگرائے۔ بہ کتھہٕ کنہٕ والہِ أمِس نگھہٕ۔ مےٚ گتہِ میوٚ لے تیوٚت وقت یتھ بہ حالِے سپدیمتہِ نقصانہٕ نِشہِ سندارِہا۔ بہ ژھنن یہِ ہؤن بڑ اندس پیٹھ واتنہٕ بڑ ونہے مأرِتھ تہٕ پَتہٕ وَنس یہِ آسہِ ہیٚنہِ کأنسہِ مورمُت۔ یتھہٕ کنہٕ روزِنہٕ مےٚ پَتہٕ قرضہٕ۔ ہؤن تہٕ گلہٕ تہٕ قرض تہِ موکلیاو پأنے۔ اِوہٕ کنہٕ دژاوسہٕ دوان دوران تہٕ ژھنُن یہِ بچارِ ہؤن مأرِتھ تہٕ چِٹھی ییٚلہِ أمی ہنزِ ؤچھنہِ گنہٕ منزِ پیٚیہِ سوداگرَن تُج یہِ تہٕ لأجن پرِنی۔ اَمہِ پتہٕ کوٗتاہ دوکھ تہٕ مایوٗسی سپز أمِس ییٚلہِ اصل واقاتن ہنز پےٚ لَجِس۔"

"لہٰذا اروز حیبہٕ۔" شہزادن ووٚنس بڑ وٚنھ کُن "تہِ مہٕ گر یمہِ ستی ژٕ پنُن زُو دِکھ زِ مےٚ کیاہ کوٚریہٕ۔"

یوٚت تانٕی شہزادٕن یہِ دٔلیل موکلاوِ وٕنتھ توٚت تانٕی اوٚسن صُبح ہیوٚتمت واتِن۔

''افسوٗس۔ ہے افسوٗس'' یُہ کیاہ گوٚو؟ بس وۄنی چھُ اکُے گاٹُلہِ تہٕ یہِ گاش۔ مےٚ اُس مأکی باند بانٛد کٔرِتھ ژےٚ مارنٕچ ذِمہٕ دأری تھأوِمٕژ تہٕ وۄنمُت چھُکھ زِ یُہ ژٕھنٛتھ گوٚڈٕ ژےٚ مأرِتھ ہرگاہ نہٕ ژےٚ یہِ گوٚڈے مورتھکھ۔ یُہ کیاہ گوٚو؟ وۄنی وَن مےٚ ژے۔''

''ژٕ ہاوٕ مےٚ یِیمہِ منحوس جایہِ منٛزٕ نیرنٕچ وَتھ تہٕ یہِ مےٚ ستی'' شہزادٕن دِیُس جواب ''اُسی رٹوٗن آرامہٕ سان ییٚہ گٔژھ گرِ تہٕ پتہٕ ژلوأسی سبٹھاہ تیز۔ ژھٔنہٕ اَسہِ کانٛہہ پتہٕ ہیٚکہِ لأرِتھ۔ پکھ مےٚ ستی''۔

پہر کھنٛڈ گژِھتھ یٖیلہِ گرِکی باقٕے بأژ ہِنٛد رِٕوٕتھی شہزادِ تہٕ ڈاکوٕ سٕنٛز کوٗرٕ اَسی وارٕ یہِ مہل دٕو روأتی اَتی۔ تِم رٕودی برٛونٛٹھ برٛونٛٹھے ژلان یوٚت تام تِم تتھ جایہِ وأتی ییٚتہٕ شہزادٕ سُنٛد اکھ دوس اوس بسان۔ تٔمی کوٚر ہمٲس وَژھہِ وأنٛجہِ استقبال تہٕ روٗژن یہِ پننہِ گرِ تہٕ شبن رٔتبن رٕودِس برابر پننہٕ نِس بأے سٕنٛدی پأٹھی ویندان۔ تہٕ پتہٕ یٖیلہِ اُمی نیرنٕچ خأہش بأوتہٕ تٔمی دِتی نِس لال جواہر، روپیہِ، گُری تہٕ نوکر تہٕ بیٚیہ سفرٕ خأطرٕ سأری ضروری چیز۔

اَمہِ پتہٕ گوٚو شاہزادِ تتھ مُلکس یُس تٔمی سٕنٛدِس ہیمہِ سُنٛد اوس۔ تٔمی بدلوأ یِکس جوٗگی سُنٛد بھیس تہٕ محل خانٕس نکھہٕ اَکِس کُلِس تَل بِہِتھ دِتُن یہِ باس زِ یہِ کیاہ اوس تپسیایہِ منٛز لیٖن سپدمُت۔ اَمِس نفرتہٕ اُمی سٕنٛزِ عجیب پارسأیی ہنٛز گٔتھ وأژ بادشاہ

ہِنْدبن کنْنن تانۍ ۔ تَس گٔیہِ اُمِس منٛز دلچسپی پأدٕ تِکیازِ تٔمِس اُس آشنِہ سخت بیمار تہٕ تٔمۍ اوس وارِیہن حکیمن اَمۍ ہِنْدِ علاجہِ باپتھ وۄنمُت مگر کہنہ تہِ اوس نہٕ اندۍ نُومُت ۔ اَمۍ سۄنچ زِ بنان چھُ یہِ نیک شخص ماہیکہِ اَمۍ ہِنْدِ خاطرٕ کینٛہہ کرِتھ ۔ لہٰذا اسۄزن تس ناد ۔ مگر جۄگی کۄرشأہی ایوانس منٛز اَژنس یہِ وَنِتھ انکار زِ میٲنۍ روزن جاے چھےٚ نۄن فضاہ تہٕ ہرگاہ بادشاہ صأب مےٚ سمکھُن چھُ یژھان تَس پَزِ پانے یُن تہٕ پننہِ آشنِہ تہِ یُورٕ اَنِنۍ ۔ پتہٕ تِتھ بادشاہَن زنانہٕ ستۍ تہٕ واتنأون جۄگس بڑ وَنِتھ کُن ۔ اَمۍ خدادوستَن وۄن اُمِس پأنس بڑ وَنِہہ کنہِ نَمن گرِتھ روزن تہٕ ییلہِ سو تقریبَن تٔرِبن گأنٛٹن تتھے پأٹھۍ روٗز تٔمۍ وۄن تٔمِس ووتھ تہٕ گژھ ہ ژٕ چھکھ وۄنۍ ٹھیک ۔

شامَس آسہٕ محل خانَس منٛز زبردست ژۄسرِ گوسرِ سپدان تِکیازِ ملکہ اوس موختہٕ هاررووُمت تہٕ کأنٛسی اوسنہٕ اَتھ متعلق کینٛہہ پتاہ ۔ اَخرس پیٹھ گو وُستام جۄگس نِش تہٕ لۄبُن یہِ تِتھی جایہِ پتھرس پیٹھ ییتہِ سو نَمن گرِتھ اُس روٗزِتھ ۔ بادشاہَن ییلہِ یہِ بوٗزتس کھۄت سخت شرارت تہٕ حُکم دِتُن زِ جۄگی گژھہِ قتل یُن کرنہٕ ۔ مگر یہِ ناطق حُکم آو نہٕ باعمل اَننہٕ تِکیازِ شہزادن دُیت یِمَن نفرَن کۄژھ تہٕ ژۄل اَمہٕ ملکہٕ منٛزٕ ے ۔

دوہہ اکہِ اوس شہزادٕ پننہٕ نسے لباسس منٛز پکان تہٕ تٔمۍ وُچھ اکھ کرٛال یُس پننہٕ نبن شُربن تہٕ زنانہِ ستۍ ہیتھ اَتی ودان تہٕ اَتی اَسان اوس "ہے بےوقوفا ۔ ژےٚ کیاہ دٔلیل چھےٚ ؟ ہرگا ژٕ اسان چھکھ پتہٕ کیازِ چھکھ وَدان تہٕ ہرگا ودان چھکھ تیلہِ کیازِ چھکھ پتہٕ اسان ، شہزادَن پرٛژھس کرٛالن وۄنُس "مہ تُل مےٚ تفریق ۔ ژےٚ کیاہ اَتھ ستۍ ۔ "

شہزادَن وۄنُس "مےٚ دِمعافی۔ مگر بہٕ چھُس اُمیٖک وجہ زانُن یژھان۔

کرٛالن وۄنُس "تیٚلہِ وَنے بہٕ وجہ چھُ یہِ زِ یمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہَس چھےٚ اَکھ کوٗر تیٚمِس تَس پژٕ بتھ دوہہٕ کھاندر چھُ ہوان کرُن تِلکیا زِ تمِس سُند پژٕ بتھ کانٛہہ خانہٕ دار چھُ تَس ستی روزنہٕ چہِ گوڈنِچ راتھ مران۔ یتھہٕ کنۍ چھِ یمہِ جایہِ ہُنٛدۍ الہٕ پَلہٕ ساری نوجوان گُذرٕمِتۍ تہٕ وۄنی ییہِ سون نیٚچُو جلدے بُلاونہٕ۔ اَسی چھِ اتھ ہانٛگلہِ پیٹھ اَسان زِ کتہِ کرٛالہِ کوٗٹ تہٕ کتہِ شہزادٕ تہٕ اَسی چھِ امہِ کھاندرٕ کِس خوفناک نتیجس پیٹھ وَدان۔ اَسی کیاہ ہیکو کرِتھ؟"

"پژٕ کنۍ چھُ یہِ اَسِن تہٕ تہٕ وَدُن لایق تہٕ مگر مہٕ دِو وۄنی" شہزادَن وۄنُکھ "بہٕ گژھہٕ تِہنٛدِس نیچوٕ سِندِ بدلہٕ تہٕ تمِس بدلہٕ سپد شہزادٕ ستی میون کھاندر۔ صرف دِیو توٚہۍ مےٚ مُناسب پلو دلوتہٕ بییہِ کرِو مےٚ امہِ موقعہٕ خاطرٕ تیار۔"

یتھہٕ کنۍ دِتۍ کرٛالن اَمِس خوٗبصورت پلو تہٕ زیور تہٕ شہزادِ گو محل خانہٕ۔ راتلہِ آو سُہ شہزادِ ہِنٛدِس کمرس منٛز ینہٕ "خوفناک پہر" تمۍ سوٗنچ "مےٚ تہٕ چھا تیتھے کنۍ وۄنی مرُن یتھہٕ کنۍ مےٚ برٛونٛہہ ییتہِ خبرٕ کتی جوان مارٕ گےٚ؟ تمۍ رٹ پننۍ تلوار چیرٕ اَتھَن منٛز بند تہٕ ترٛاوِن بسترس پیٹھ لَر۔ اِرادٕ کوٚرُن راتی راتَس ہُشیار روزنُک تہٕ یہِ وُچھنُک زِ راتس کیاہ سپدِ۔ نصف راتھ گژھتھ وُچھ تمۍ شہزادِ ہِنٛد بونگہٕ وار بو منٛز زِ شہمار نیران۔ یمو کوٚڈ اَمِس کُن کاڈ یتھ زِ اَمِس تیتھے کنۍ مارٕہَن یتھہٕ کنۍ اَمِس برٛونٛہہ باقے ماری ہتی اَسکھ۔ مگر سُہ اوس یمو خاطرٕ گوڈے تیار۔ تمۍ تُج پننۍ تلوار تہٕ تیتھے سَر پھ اَمی ہِندِس بسترس نشہِ واتی تہٕ کوٚرن تمَن وار تہٕ ژھیٚنِن مارِتھ۔ صُبحس آو بادشاہ

معموٗلہٕ کی پأٹھی معلوٗم کرنہٕ اماسہ سپُد شہزاد تہٕ پننہٕ کورِہنٛدِس خوش پأٹھی پانہٕ وأنی کتھ باتھ کران بوٗزِتھ حأران۔ ''پزٕے ہا'' تٕمۍ ووٗن ''یہوے چھُ أمۍ سُند خانہٕ دار تکیاز یوٗہے یوت ہیکِہ أمِس ستۍ روٗزِتھ۔''

کمرس منٛز اژان پرٛژھس بادشاہَن ''ژٕ کتہٕ پیٹھ چھکھ آمُت؟ ژٕ کُس چھُکھ؟''

''بادشاہ صأب'' شہزادن دِیُس جواب ''بہٕ چھُس أکِس بادشاہ سُند نیچو یُس فلأنی مُلکس حکوٗمت چھُ کران۔''

یِیلہِ أمۍ یہِ بوٗزتہٕ سپُد بادشاہ سیٹھاہ خوش تہٕ ووٗنُن شہزادَس محل خانس منٛز روزنہٕ خأطرٕ تہٕ بنوٗون یہِ پأنس پتہٕ تخٕتک وأرِث۔ شہزادِ روٗ دوٗرکۍ یِس ہرٕے پہن محل خانس منٛز تہٕ پتہٕ موٗنگنس پننہِ نِس مُلکس گژھنُک اجازت یُس أمِس دِنہٕ آو۔ بادشاہَن دِتۍ أمِس ہٕسی، گُری، لال جواہر تہٕ وَتہٕ خرچہِ خأطرٕ گُنجہِ روپیہ تہٕ مألِس خأطرٕ ڈالہِ تہٕ دژ اولتہِ شہزادِ۔

تٕمِس أس تمےٚ مُلکہ منٛزی وَتھ یُس تٕمۍ ہٕندِس بیمہٕ سُند اوس تہٕ تیٚمِس متعلق اَسہِ گوڈٕ تہٕ کتھ کٕر۔ أمۍ ہٕندِ تیٚنٛج خبر بوٗز بادشاہَن سہٕ آو ہرٕ بن ہُبہ گنٛڈِتھ تہٕ کلہٕ نوٗمرِتھ أمِس بُتھہِ۔ سیٹھہے زأری سان دوٗپنَس پننہِ نِس محل خانس منٛز روزنہٕ تہٕ اَتہِ أمِس سپدَن وول خأطر قبوٗل کرنہٕ خأطرٕ۔ ووٗنی یِیلہِ شہزادِ محل خانس منٛز اوس تہٕ اَتہِ وُچھ أمۍ پٔنٔنی بیٚنہِ تیٚمہِ أمِس اَسہٕ وِنہٕ ہونٛجہِ موٗنہ تہٕ میٹھہٕ ستۍ استقبال کوٚر۔ نیرنہٕ وَقتہٕ ووٗن أمۍ تٕمِس زِ تمہِ تہٕ تِہندی خانہٕ دارَن کیاہ ورتاو اوس أمۍ ہٕندِ گوڈنکہِ چکرٕ وِزِ أمِس ستۍ

کۆ رمُت تہٕ یہِ ـ کتھہٕ کنِز اوس اَتہِ ژۆ لمُت ـ پتہٕ دِتن یمَن زِ ہٕسی، زِ خوبصورت گری، پنداہ سپاہ تہٕ داہن لچھن روپین ہنذِ موٕلکی لال جوہر۔

اَمہِ پتہٕ گووُسہ پنہٕ نِس یارس کنِز تیمی اُمس دِل وۆتھ تۄ اۆتھ خاطر اوس کۆ رمُت ـ اُمی تۄ وواُمی ہنذِ گرِ نگھے ڈیرِ تہٕ پتہٕ سوٗ زنس شیچھ اور یتھ مُلاقات کرنہٕ خاطرِ مگر دوس گوس نہٕ اور ـ یِیلہِ تَس وجہ پرٛ ژھنہٕ آوی وۄن زِ شہزادس چھنہٕ میانہِ مدتک ضرۆ رتھ ـ لہذا گووشہزادِ تہٕ کۆ رُن تِہنذے گرِ ملاقات تہٕ کۆ رنس ضرورت وِزِ تمام مہربانیہِ کرنہٕ خاطرِ شکریہ ـ

اَمہِ پتہٕ گووُسہ پنُن گرِ تہٕ دِتُن پننہِ ہِنگ اطلاع پنہٕ نِس مائِلس ماجہِ ـ مگر افسوٗس! تم دوشوٗ ے اُسی نیچِوی ہنذِس راوِنس پیٹھ وٗدی وٗدی اُنی گمتی ـ ''سہ ییہِ تن لنڈر'' بادشاہن وۆن '' تہٕ تھاٗوی تن پنِنی اَتھہِ ساننِ اُچھن پیٹھ تہٕ اَسہِ ییہِ ہے دُبار گاش'' لہذا ژاوشہزادِ تہٕ کۆ رہَس سبٹھے لولہٕ سان مائِلی ماجہِ استقبال ـ تِمی تھاٗوی پنِنی اتھہِ تہنزٕن اُچھن پیٹھ تہٕ تمَن آو دُبارِ گاش ـ

پتہٕ وۆن شہزادن پنہٕ نِس مائِلس تہٕ سوزٕ یہ تَس ہتی سپِدِ مُت اوس تہٕ سہ کتھہٕ پاٹھی اوس کتہٕ پھرِ تمَن نصیحژن پیٹھ عمل کرنہٕ کنِز بچیومُت ییمہِ تمی برہمن بابہِ مُلی آسہٕ ہیژمژ ـ اَتھ پیٹھ بوو بادشاہن ییمہِ خاطرِ افسوٗس زِ تمی اوس سہ کڈِتھ ژھنمُت ـ پتہٕ اوس سائِلم کینہہ خوش تہٕ خوشحال ـ

(راوی ـ پنڈت چھدرام ـ حبہ کدل سرینگر)



# ڈٲنہٕ مٔلکٲنؠ

دَپان یہِ اوس اَکھ بادشاہ تۄہمس سَتھ زنانہٕ آسہٕ یمو منزٕ نہٕ کٲنٛسہِ اَکس شُر اوس۔ییلہٕ تمی گوڈنچ زنانہٕ کرے یہِ تمی اوس سوٗچمت زِ تَس زِبُو ضرور اَکھ نێچو۔ یہے وومید اَس تمی دوٚیمہِ، ترٛیٚیمہِ تہٕ باقیٚن ہتی تہِ تھاٲومت مگر تَس زاونہٕ کانٛہہ لڑکہٕ ییٚمہِ ہتی سہٕ پنٕنۍ دوہ خوٗشی سان گزارِ ہے تہٕ تَس پتہٕ تخت سنبھالہِ ہے۔یہِ اوس تێتھ کرٕ ؤٹھ دوکھا تۄہمی سہٕ وٲلتھ اوس اوٗنمت۔

اکہِ دوہہٕ اوس سہٕ اَکس جنگلس منز پکان تہٕ پنہٕ نِس تقدیرس پێٹھ اوس ماتَم کران زِ اَتھی منز ؤچھن اَکھ سبٕٹھے مأرۍ منز پٕرۍ۔

تمہِ پرٛژھس ''ژٕ کوٚت چھکھ گژھان؟

اَمی وۄنس ''بہٕ چھس سبٕٹھاہ سبٕٹھاہ مصیبت زَدِ۔یُد وَے مےٚ سَتھ زنانہٕ چھےٚ مگر مےٚ چھنہٕ کانٛہہ نێچوٚیَس بہٕ پَتہٕ ونہٕ ہاتہٕ سہٕ پٔتہٕ وأرِث بناوہَن۔ اَزآس بہٕ یتھ جنگلس منز یہِ وومید ہێتھ زِ مےٚ سمکھہِ کانٛہہ نیک بنداُس میانہِ خأطرٕ ؤسیلہٕ بَنِہٕ۔''

''تہٕ ژٕ ے چھیا باسان زِ ژٕ ے میلی یتھ جایہِ ییٚتہِ نہٕ ٲکھنۍ چھُ روزان تێتھ

کانٛہہ شخص؟" ژمہِ پرٛژھس اَسان اَسان۔ "یِتہٕ چھس صِرف ئہ روزان۔ مگر ئہ ہیکے ژےٚ مدد کٔرِتھ۔ ژٕ کیاہ دِکھ مےٚ ہرگاہ ئہ چانہِ دِلچ خاہش پوٗرٕ کرٕ؟"

"مےٚ دِاَکھ نیٚچوٗ تہٕ ژےٚ میلی میٚون نصف مُلک۔"

"نہ گژھہِ مےٚ چون سون تہٕ نہ مُلک۔ مےٚ ئِتی کٔر کھاندر تہٕ ژےٚ میلی نیٚچوٗ تہٕ وآرِث۔"

بادشاہن موٗن تہٕ ئِین پٔری پٔنُن محل خانہٕ تہٕ سبٹھاہ جلد بناوٗن یہِ پٔنٕز اُٹھم زنانہٕ۔

اَمہِ پتہٕ کیہہ کالس آسہِ بادشاہسٕنٛز باقٕے سارے زنانہٕ گوبہِ کھور۔ وۄں گوو بادشاہسٕنٛز خوٗشی روٗزنہٕ زیادٕ کالس۔ تیمس مأری منٛزِ پرٛی ئِتی تمی کھاندراوس کوٚرمُت سو اَس نہٕ بدل کانٛہہ بلکہِ اَکھ ڈاٗن (راکھشنی) یوسہِ بادشاہس بڑٕ وٕنہہ کُن پٔری لأرِ گتھ اَس آمٕژ۔ یتھ زَن سو اَمس دھوکہِ دِتھ محل خانس منٛز فِتنہٕ کرِ ہے۔ پٔژ بتھ رأژ یِیلہِ شأہی خاندانکی سأری بأژمٕرِ نِندرِ اَسی آسان سو اَس ووتھان تہٕ اُس گٔری گانن تہٕ اَندری بٔکی ملحقہِ مکانن وغأرن منٛز اژان تہٕ اُس اَکھ ہوٗسا یاز ترٛژےٚ گٔری یا کینٛہہ تیر نتہٕ کانٛہہ اوٗنٹ کھٔتتھ نوان تہٕ پٔنٕز یہِ رَتہٕ بوچھ ہوٗ مرأوِتھ اُس واپس کمرس منٛز یوان تہٕ صُبحس اُس تتھہٕ کٔنی بڑٕ وٕنہہ کُن یوان زنتہٕ کہنٕز اوسنہٕ سِپُدمُت باسان۔ گوڈٕ گوڈٕ کھوٗژی بادشاہٕسندی موٗہنوی تس ئیمن کتھن ہُند اطلاع دِنٛس مگر یِیلہِ تمن فِکرتوٗ رزِ جانور چھِ پٔژ بتھ رأژ نہٕ یوان تہٕ اِرٕکٔنی پوٗ ئیمن بادشاہس نِشہِ گوڈھن۔ فورن آے ناطق حُکم نامہِ جأری کرنہٕ یُتھ زِ محل خانہٕ چُن عمأرژن رأچھ پیہہ کرنہٕ تہٕ پٔژ بتھ کمرس

آے رأ چھدر مقرر کرنہٕ مگر اَتھ دزاونہٕ کھِنہٕ تہٕ ترٛ۔ جانور رۄ دٕ دوہہٕ پتہٕ دوہہٕ غاًب گژھان تہٕ ئِژنہٕ اوسنہٕ ژٕنتھ ہبکان کتھہٕ کنہٕ۔ اکہٕ رأژ ییٚلہِ بادشاہ پننہٕ نس کمرس اَتھی حاًراًنی منٛز گتھ اوس دِوان زِ وۄنی کیاہ پزٕ کرُن تہٕ تمی سٕنزِ زنانہٕ یوسہٕ تس پرٛی اُس باسان وۄنُس "ژٕ کیاہ دِکھمےٚ ہرگاہ ژٕ رٕبتھ دِمہٕ نےٚ؟"

بادشاہن دِتُس جواب "کانٛہہ تہٕ چیز۔ پزٕ بتھ کانٛہہ چیز"

"سنبھٲہ جان۔ گرِ تو آرام تہٕ صُبحس تانی ہاوِ بہٕ توہہٕ پزٕ بتھ چیزُک وجہ"

بادشاہس پییہٕ ژٕلی ژٕلی گوٚب نِنٛدر تہٕ یہٕ بد خصلت ملکہ دزاییہٕ کمرٕ منٛز۔ سو گییہٕ تیرِ واُرس منٛز نہٕ کوٚ ژُن اَکھ تیوٕ راتہٕ ژٕھنٛن یہٕ مأرِتھ۔ اَمی سُندٕ خوٗن بوٚ رُن اُکس گترِ بانٛس پتہٕ آیہٕ سو واپس محل خانس منٛز تہٕ گییہٕ بادشاہ سٕنزن باقی زنانن ہنٛدبن کمرن منٛز تہٕ اَمہِ خوٗنہٕ سٕتی دِتن یِہنٛد بن چانٛٹن تہٕ پلون داغ۔ اَمہِ پتہٕ گییہٕ تہٕ ترٛاُون کمرس منٛز نِنٛدِر ییٚلہِ زَن بادشاہ وُنہٕ شوٚنگی تھے اوس۔ تتھےٚ آفتابہٕ کھوٚت تہٕ تمہٕ تُل سُہ نِنٛدِ تہٕ وۄننس "مےٚ وُچھ زِ چانیو باقیو زنانو چھِ جانور کھیمتی تہٕ کھیمتی۔ تمہٕ چھنہٕ انسان ذاًژ منٛزٕ تمہٕ چھےٚ ڈاًنہٕ۔ ہرگاژ ےٚ پننہٕ زندگی بکار چھےٚ تیلہِ روز تمو نشہِ حبہٕ۔ گژھ تہٕ پانےٚ گر سَرٕ زِیٕہ ماچھس اَپزٕ ونان۔"

بادشاہن کوٚرِ یی تہٕ تمی ییٚلہِ پننہٕ ژٕمن باقین زنانہٕ ہنٛدی رتہٕ سٕتی بِرتھ چانٛٹہٕ تہٕ پلو وُچھ سُہ سپُد نارو نار۔ تمی دیُت حکم زِیمن کڈِ واُچھ تہٕ پتہٕ ترٛاُوکھ شہرٕ نبر اُکس کاًنس (ہوٚکھی ہتس) کرٕ یُس منٛز تہٕ یی آو کرنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ دۄ ییےٚ دوہہٕ زاو ییمو منٛزٕ اُکس نیٚچوٚ یُس تمو کھینہٕ بدل کھوٚ۔ تمہٕ پتہٕ اکہٕ دۄ ہی زاو بیٚنس تہٕ نیٚچو تہٕ سُہ تہٕ آو تھےٚ

پأٹھی کھنہٕ۔ترٛیٚمہِ دوہہٕ گیہِ بیٚا کھ خلاصہٕ،ژوٗرمہِ دوہہ بیٚا کھ،پانٛژمہِ دوہہ بیٚا کھ تہٕ شیٚیمہِ دوہہٕ بیٚا کھ۔پزٕ بتھ کاٗنٛسہِ زاوٕنچوٚ ےیُس وارِوارِ کھنہٕ آو۔ سٔتی مہِ زنانہِ اوسنہٕ وُنہِ وَقت تہٕ تمہِ کھونہٕ باقیٚن زنانَن زامتیٚن شُر بن ہٕنٛدِ منٛزٕ پٔتُن حِصہٕ ئُلکہِ تھوٗن یہِ توٚت تانٛ موجوٗدٕ ے یوٚت تانٛ تَس پانس بچہٕ زاوتہٕ تمہِ کوٗریٚمن زارٕ پارٕ زِیہِ مَتہٕ مأری تون بلکہِ نیٚن تمہِ تمہِ حِصہٕ یمہٕ ٹمس دِنہٕ اُسی آمٕتۍ۔یتھہٕ پأٹھی بچاویہِ بچہٕ تہٕ اُمی ہٕنٛدے کنٛز بچیہِ بزٕوٚنٹھ کُن معجزٕاتی پأٹھی تمن سَتوٕنی مٔلکانٔن ہٕنٛزٕ زندگانی۔

بچہٕ گووِبڈٕ ان تہٕ بنیاواکھ مضبوٗط تہٕ خوٗبصورت لڑکہٕ۔ییلہِ سہٕ شہٕ وُہر ووت تہٕ یموٗ سَتو زنانو سوٗچ زِ تمہِ گرَن اُمس نیٚبرٕ مہِ دُنیاہک کم کینٛژھاہاونہٕ خأطرٕ کوٗشش۔مگرگرَن کتھہٕ پأٹھی؟

کرُوٗراوس سوٗن تہٕ لندَن کُن اوس سیٚو دُ ے یوٚن۔اُخرس سوٗنچ تمو زِ تمہِ روزَن اُکھ اُکس پیٹھ ووٚدنی تہٕ یوسہٕ اُکھ سارِنے ہیوٚرکُن ووٚدنی روٗزِ تمہِ تُل لڑکہٕ تہٕ تھووٗن یہِ کرپر کِس گُلِس پیٹھ۔یہِ لڑکہٕ دوریاوسیوٚ دُے محل خانہٕ تہٕ ژاو بادشاہ سٕنٛزِ سولہِرِ (رَتن گمرٕ) منٛزٕ تہٕ موٚنگنٕکھ کینٛژھاکھنہٕ خأطرٕ۔ٹمس میوٗل اَتہٕ واریہہ ژھیوٚٹ میوٚٹ۔اَمہِ منٛزٕ کھوٗ اُمی ہناتہٕ باقےٕ نیوٗن کرکِس پیٹھ ماجہِ تہٕ بادشاہ سٕنٛزن باقے زنانَن ہٕنٛدِ خأطرٕ۔

یہِ سِلسلہِ روٗد کینٛژس کالس چلان،ییلہِ اکہِ دوہہٕ صُبحأے اُمس وازَن اُتی روزنہٕ تہٕ بادشاہ سٕنٛدِ خأطرٕ کینٛژھہ ضیافژ تیار کرنہٕ خأطرٕ۔ووٗنٛس زِ ٹمس کوٹھس اُس موج گُزریمژ تہٕ تَس اوس نیرُن تہٕ شوٗشمشان واتناونک تہٕ تتھ داہ دِنک انتظام کرُن۔

لڑکن وۄنُس زِٕبہٕ کرٕ پنٕنی پأٹھی پزٕ بتھ کانٛہہ کوٗشش تہٕ واژٕ دژاو۔ امہِ دوہہٕ گوو بادشاہ کھنہٕ ۔کنی زیادٕے خوش۔ پزٕ بتھ کانٛہہ چیز اوس اصل پأٹھی رٔنتھ، رُت مُشک اوٗسُس تہٕ اصل پأٹھی اوس شیٖر تھ گرِتھ۔ راتھ کیٛنتھ ووت واژٕ واپَس۔ بادشاہَن سۆز تَس نادتہٕ تَس امہِ دوہہٕ سبٕٹھی اصل کھنٕن چینٕن تیار کرنہٕ خأطرٕ تعریف کران وۄننس زِ دوہے اَسی زِ تیتھے پأٹھی رَنان۔ وازن وۄنُس پوٗ زپوٗ زُے زِٕسہٕ اوسے نہٕ اَمہِ دوہہٕ زیادٕ کالَس اَتہِ تِکیاٰ زِتَس اَس موج مۆہرٕ تہٕ اَکی لڑکن یُس اَمی امہِ دوہہٕ خأطرٕ کامہِ پیٹھ روٗ ٹمُت اوس تمی اوس کھنٕن چینٕن تیار کوٗ رمُت۔ یہِ بوٗ زِتھ سۆد بادشاہ سبٕٹھاہ حأران تہٕ دِتُن وازَس ہدایت زِٕسہٕ تھاوَن مُستقل پأٹھی اَتھ کامہِ پیٹھ مُلأزم۔ اَمہِ پتہٕ آیہٕ وۄنی بادشاہَس کھنٕن چینٕن واتناوَنَس منٛز بارٕ فرق تہٕ بادشاہ سلامت اوس اَمِس لڑکَس زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ خوش تہٕ متوأتر اوٗسُس تحفہٕ دِوان۔ یِم ساری تحفہٕ تہٕ یہِ کیٛنٛژھا کھنہٕ رٔنگی اَمِس سمان اوس تہٕ اوس سُہ کرٕ یرس پیٹھ پننہِ ماجہِ تہٕ بادشاہ سنٛزن باقی زنانَن واتناوان۔

کرٕ یرس پیٹھ گوٗ ہوٗ نہِ وَتہِ منٛز اوس تس پزٕ بتھ دوہہٕ اَکس فقیرَس ۔کنی نیرٕن پیوان یُس اَمِس ہمیشہِ دعایہٕ خأراوس کران تہٕ خأرات منگان تہٕ عام پأٹھی اوٗسُس کیٛنٛہہ نتہٕ کیٛنٛہہ میلان۔ یِتھہٕ ۔کنی اَسی وۄنی کیٛنٛہہ ؤری گۆزرِتھ تہٕ لڑکہٕ اوس وۄنی زیادٕے خوٗبصورت جوان وۄتمُت زِ سُہ وُچھِ اکہِ دوہہٕ اتفاقَن اَمہِ بدخصلت مُلکانہِ۔ اَمی ہِنٛزِ حُسنہٕ تھپھ لگِتھ پُزٕژھس اَمہِ زِٕژ گس چھکھ تہٕ کتہٕ پیٹھ چھکھ آمُت۔ کُنہِ شکہٕ شُبہ ورأے تہٕ مُلکانہِ ہنٛز اصلیت زاننہِ ورأے وۄن تمی اَمِس پانَس، پننہِ

ماجہِ تہٕ ہُمَن باقیٚن زنانَن متعلق سوٗرٕ ے کینٛہہ تہٕ امہِ ساعتہٕ پٮ۪ٹھہٕ لاجہِ اَمہِ اُمِس مارنہٕ خاطرٕ ژۄیہ کرنہِ۔ تَمہِ لوگ بِمار تہٕ انتوٗن اَکھ حکیم تہٕ تَمِس دِتُن کوٚژھ زِ ژٕ وَن بادشاہَس زِ سو کوٚٹھ چھےٚ سخت بِمار تہٕ ہرگاہ یہِ ٹھیک سَپدِ تہٕ صرف سیٚمنہٕ ہُنٛدِ دوٗدٕ سٟتۍ۔

"میٲنۍ ٹاٹھی یہِ کیاہ دلیل چھُس بٕہ بوزان" یہِ وۄنُس بادشاہَن ییٚلہِ سُہ شامَس اُمِس نِش آو۔ "حکیم چھُ ونان زِ ژٕ چھکھ بِمار تہٕ سیٚمنہٕ ہُنٛد دوٗد چھُ ضرورت"۔ "مگر یہِ کتھہٕ کِنۍ میلہِ؟ سُہ کُس گرِ یژھ ہمتھ کوٗشش کرنک جرأت۔"

"سُہ لڑکہٕ یُس یتہِ واژِ کأم چھُ کران۔ سُہ چھُ بہادر تہٕ تہٕ وفادار تہِ۔ یہِ کینٛہہ ہا ژےٚ تَسنٛدِ خاطرٕ کوٚرتھ تَمہِ کَس شکرانس منٛز ہیٚکہِ سُہ چانہِ خاطرٕ کانٛہہ تہِ کأم کرِتھ۔ تَس ورأے زانَن نہٕ بٕہ تیٚتھ کانٛہہ یُس ژٕ سۄ زِتھ ہیٚکہٕ ہَن۔"

"بٕہ اناوَن سُہ ناد دِتھ تہٕ وُچھو۔"

اُمی لڑکَن کوٚر فورَن وعدٕ تہٕ دۄیمہِ دوہہٕ دراو سُہ اَکھ خطرناک سفرس پٮ۪ٹھ۔ وَتہِ دراو سُہ پَنٕنِس دوست یعنے فقیرس کِنۍ تیٚمۍ اُمِس پرٛژھ "ژےٚ کوٚت چھی گژھُن؟" اُمی وۄن تَمِس یورِ بادشاہ سُنٛدِ حُکمک تہِ تہٕ تَمہِ ییٚژھِ ہُنٛد تہِ یوسہٕ تَس بادشاہ سلامت خوش تھاوِ یَس اُس تِکیاز سُہ اوس اُمِس سیٹھاہ مہربان۔ فقیرَن وۄنُس "مہ گژھ۔ ژٕ کُس چھکھ تیوٚت زِ ژےٚ چھی باسان بٕہ ہیٚکہٕ یہِ کرِتھ؟" مگر لڑکہٕ اوس ڈٕنتھ تہٕ اَکھ معاملس منٛز اوسُس نہٕ زۄوک تہِ پرواے۔ اِکِنۍ وۄنُس فقیرَن ہرگاہ ژٕ اَتھ پَتھ ہیٚکھ تیٚلہِ بوز میٲنۍ نصیحت تہٕ ژٕ گژھکھ اَتھ منٛز کامیاب تہٕ تہٕ زُوتہِ بچکھ۔ ییٚلہِ ژےٚ سیٚمنٕ بتھہِ پیٚی ژٕ لاے زِ تَس اُکس بَبہِ تیر۔ پَتہٕ وۄنی زبس زِ ژےٚ اوسے نہٕ

أمِس مارنک کاٗنہہ اِرادٕ مگر سیوّٕ دے سۆچُم زِ ژٕ گوٛ ھکھ خوش ہرگاہ ژٕ ہیہہ پۆتمِن ڈٕلی ڈٕلی پہَن دوٗد ہیکَکھ چاۓ تِھ تہٕ اوے کِنہٕ کوٚر مےٚ ژےٚ بہٕ گوٚ دیٚیمہٕ مُنزی ڈٕلی ڈٕلی دوٗدنیر۔ ژٕ ڈٕنی زبس یِتہٕ زِمےٚ آو چانہِن بچَن پیٹھ عاریم سبٹھے کمزورتہٕ بمار چھِ باسان یمیٚہ کِنہٕ یمَن زیادٕ پہَن واتنک ضرورت چھُ۔" تہٕ پتہٕ أمِس دُعا کٔرِتھ کوٚر سُہ فقیرَن پنٕنہِس سفرس پیٹھ روخصت۔

یتھہٕ کِنہٕ حوصلہٕ افزأیی سپدِتھ روٗد یہ لڑکہٕ دِل سبٹھاہ دوٗر کٔرِتھ پکان جلدٕ ے وُچھِی اَکھ ہیمنہٕ بچَن ستی تہٕ آیہٕ نووٗن پٔتٕن تیر أمی ہنٛزٕ أکِس بَہٕ پیٹھ تہٕ یہٕ آو أتھی۔ یٚیلہٕ سیمنہٕ ژکھہٕ سان پرٛژھُس زِ ژےٚ کیازِ کوٚرتھ یہٕ أمی وۆنُس مےٚ اوس فقیرَن یہٕ ہدایت دِتمُت تہٕ بیٚیہٕ وۆننس زِ مٔلکہٕ چھےٚ سخت بمار تہٕ تَس کیُٛتھ چھُ ہیمنہٕ دوٗد ضرورت۔

"مٔلکہ!" سیمنہٕ وۆنُس "ژےٚ چھے ناپتاہ زِ سو چھےٚ اَکھ ڈأن! تٔمِس نِشہٕ روز دوٗر نتہٕ ژٕ ھنی ژےٚ سو مأرِتھ تہٕ نی کھبتھ۔"

"مےٚ چھنہٕ کُنہٕ تکلیفک خوف" لڑکَن وۆنُس "مٔلکہٕ معظّمہ چھنہٕ مےٚ نسبت کاٗنہہ دشمنی۔"

"دسبٹھاہ جان۔ بہٕ دِمےٚ ژےٚ ضرٗر پٔتٕن دوٗد مگر ملکہ نِشہٕ روٗزی زِ حبہٕ۔ وُچھ یِ پأری" أکِس سبٹھاہ بڈِس پکِس کُن نوان یُس بالس نِشہٕ اَلگ اوس سپد یوٗمُت وۆنُس سیمنہٕ "یہ تر اِو یتھ پکِس پیٹھ پٔتٕن اَکھ دوٗدٕ قطرٕ"۔ تٔمہٕ کوٚر یی تہٕ اَتھ کُنہٕ پکس گٔے کرورٕ بُدی ٹکرٕ!" وُچھتھا ژےٚ میانہٕ دوٗدُک طاقت وۆنی ہرگاہ ملکہ سُہ سأیلم ہِن

چینِہ یُس مےٚ ژٕنے وُنی دِتےٚ تِمس گژھہِ نہٕ امیک بلکل تہٕ کانٛہہ اثر۔ سو چھےٚ اکھ ڈاٗن تہٕ توٚے گژھہِ نہٕ تتھو ہوبہو چیز وٕستی تِمس کھنی۔ تہٕ کٔرِتھ تہٕ ہرگاہ ژٕنے مےٚ پتھ پژھہ چھےٚ نہٕ گژھہ تہٕ وُچھکھ پانے۔"

لڑکہٕ آو واپس تہٕ دِتُن یہِ دوٗد بادشاہَس تیٚمی یہِ پننہِ زنانہِ نیٚو تہٕ تمہِ چوٚو یہِ سأرلم تہٕ دِتُن یہِ باس زِ سو گییہ ٹھیک۔ بادشاہ سپُد لڑکس پیٹھ زبردست خوش تہٕ دِژٕن تَس محل خانہٕ کیو مُلازموٚ منٛز ترقی مگر مُلکہ اٗس ڈٕیتھ زِ سو، کتھہٕ پاٗٹھی کرِ یہِ کاٗم بادشاہَس ناراض کرنہٕ ورأے۔ کینژٕ دوٚہ پتہٕ لوگ اَمہِ بیٚیہِ بیمار تہٕ بادشاہَس ناد دِتھ وُنُن تَس زِ بہٕ چھس بیٚیہِ بیمار مگر ژٕ مہٕ ہیٚیے مےٚ متعلق فکر میوٚن بُڑی بب چھُ تتھی جنگلس منٛز بَسان بیٚیتہِ پیٹھہٕ یمنہِ ہُنٛد دودانہٕ آو تِمس نِش چھُ اکھ خاص دوا مےٚ باسان تمہِ ستی ما ہیکہٕ بہٕ ٹھیک گژھِتھ۔ ژٕ سوزتن تور کانٛہہ تیمی لڑکن دوٗد انیا وسہٕ ہیکہِ گژھتھ" لہٰذا گوو یہِ لڑکہٕ۔ وَتھ اٗسس فقیرَس، کنی تیمی تَس دُبارٕ پرٛژھ "ژٕنے کوٚت چھی گژھُن؟" تہٕ لڑکن ووٚن تَس (یوٚت پیٹھ سہٕ دژامُت اوس)۔ تِمی ووٚنُس "مہٕ گژھ۔ یہِ نفر چھےٚ راکھشَس تہٕ ضرور ماری ژٕنے"۔ مگر لڑکہٕ اوس پتی می پاٗٹھی ڈٕیتھ۔ "گووژٕ گژھکھ! اَسا گژھ مگر میأنی نصیحت بوز۔ یِیلہِ ژٕ یہِ راکھشَس وُچھہَن تہٕ ڈٕلِ زبس بُڑی ببا۔ سہٕ وُنی ژٕنے مےٚ گش کمرَس۔ ژٕ گش زبس۔ مگر سبتھی زورٕ زِلی زبن۔

لڑکن کوٚر سُ وعدٕ تہٕ دژاو۔ جنگلا اوس گوٚن تہٕ یوٚدتہٕ تَس باسیاو زِ بہٕ واتےٚ نہٕ زانٛہہ راکھشَس سُنٛد گرٕ۔ خارأخرَس تہٕ وُچھأکھ یہِ تہٕ دِژٕنُس کریکھ "ہیو میانہِ بُڑی ببا، بہٕ یعنے چانہِ کورِ ہُنٛد نیچو چھسے ژٕنے یہِ وَننہِ آمُت زِ میأنی موج چھےٚ بیمار تہٕ توٚت تاثی

ہیکہِ نہٕ سوٹھیپک گژھتھ ہۆت تانٛ نہٕ سوکٕس تانٛی دوا کھیٚیہِ ۔تمہٕ وۄن ژےٚ چھی سُہ دوا تہٕ تۆے چھنس ئہٕ یور سۆزمُت۔'' راکھشَن دِتُس جواب ''اِڈھپک گوو۔ئہٕ دِمے ژےٚ یہِ مگر گوڈٕ پیتہٕ مےٚ نِش تہٕ گٔشُم کٔمرس تِکیاز مےٚ چھےٚ کٔمرس سخت ریٚنے۔'' راکھشَن اوس یہِ اَپُز وۆنمُت تِکیاز تٔمس اوسنہٕ کٔمرس گٔشُن آمُت۔تٔمس اوس صرف یہِ سَرٕ کرُن زِ یہِ لڑکہٕ چھاپزٕی ڈٲنہٕ پۆت رِکنہٕ نہٕ۔ییٚلہِ أمی لڑکن پنٕنٮ۪ن أمِس بُڈٕ راکھشَس مازٕس منٛز ٹھکی أمِس باسیاو زِ نتہٕ مےٚ یہِ اَمہِ منٛزٕ أڈٕ ہناز لِتھ نٮ۪ن یژھان چھُ۔راکھشَن دِتُس دواتہٕ دوا پلناوان دِیُت نَس رۄخصت۔محل خانس منٛز وأتِتھ دِیُت أمی لڑکن یہِ دوا بادشاہَس تہٕ تٔمی نیٚوٕ یہِ فورَن پننہٕ زنانہِ تہٕ گٔرِن سو دُبارٕ ٹھیک۔بادشاہ اوس وۄنی أمِس لڑکس بےانتہا خوش تہٕ دِتی نَس وارِیہہ تحفہٕ تہٕ بیٚیہِ طرٕ ہقوتہٕ دِتی نَس مُراعات۔

بدخصلت مٔلکانہِ اوس نہٕ وۄنی کہنٛہ تہٕ فِکرِ تران زِ سو کیاہ کرِ وۄنی أمِس لڑکس ہٕتِ۔یہِ اوس سہمنہٕ ہٕندِ بۄنجومنٛز تہٕ ژۄلمُت تہٕ أمی ہٕندِس بُڈی بب ہٕندِ بۄچنٛگو تلہٕ تہٕ دژ امُت۔خبر کتھہٕ کٔنہٕ تہٕ زانٛن دیوتا ہے !سو کیاہ ہیکہِ أمِس کٔرتھ۔أخرٕس کۆر تٔمہِ یہِ اراد زِ ئہٕ سوزَن یہِ پننہٕ نانہِ نِشہِ یوسہٕ اَکھ سبٹھےٚ کمینہٕ بُڈٕ ڈٲن أس۔یوسہٕ جنگلس منٛز أکِس گرس منٛز روزان أس تہٕ یُس أمی ہٕندِس بُڈی بب ہٕندِ گرِ نِشہِ زیادٕ دوٗر اوسنہٕ۔''تتہٕ پیٚیہِ نہٕ یہِ واپس پھیٖرِتھ'' یہِ وۄن اَمہِ بدخصلت زنانہِ پانہٕ ہےٚ ہٕتِ لہٰذا وۄنُن بادشاہَس ''مےٚ چھُ گرٕ اَکھ مولُل کنگُو تہٕ ئہٕ چھَس دپان سُہ انہٕ ہَن یۄزٕ رٕکی۔ژٕ سوزتَن سُہ لڑکہٕ یہِ اَننہٕ خاطرٕ۔مےٚ وٗنی زِ ییٚلہِ سُہ گژھہِ تہٕ ئہٕ دِمَس نانہِ ہٕندِ ناو چِھٹھی'' بادشاہن موٗنُس تہٕ لڑکہٕ تہٕ دژ او۔معموٗلہِ کی پأٹھی دژ او فقیرَس کٔنہٕ تہٕ وۄننس مےٚ کۆت

پٹھ چھُ گژھُن ۔ أمی ہأوا کھٔتۍ أمِس فقیرٕس سوٗ چِٹھی تہٕ یوسہٕ مُلکانہٕ پننہٕ نانہٕ خأطرٕ دِژ
مژ آسس ۔

فقیٖرَن وۅنُس "أسی پروگوڈ زِ چِٹھہِ منز کیاہ چھُ لیٖکھتھ تہٕ ییٚلہٕ أمی یہ پٔرتھ
وۅنُس "ژٕ چھُکھا زورٕ پنٕن پان مارناونہٕ خأطرٕ گژھان؟ یہ چِٹھی چھےٚ چانہٕ موتُک
پروانہٕ ۔ بوز کیاہ چھُ (لیٖکھتھ) "یہ چِٹھی انن وول چھُ میٲن کرٕ ڈھ دُشمن ۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ
توٚت تانۍ کھیٚنہٕ تہٕ گرٕتھ یوت تانۍ یہ زِنٛدٕ چھُ ۔ تتھےٚ یہ ژےٚ نِشہٕ واتہٕ تتھےٚ ژھٔٹن
مأرتھ تہٕ بہٕ گژھہ نہٕ وۅنی أمی سٕند کھیٚنہٕ تہٕ بوزنی "لٔڑکن ییٚلہٕ یم خطرناک لفظ بوٗزی
تَس ووٚت ژھرتھ ۔ مگر سُہ پھٹراوِ ہے نہٕ بادشاہَس ستی کوٚر رُمت وعدٕ تہٕ اوسُن یہ شبقٕ اِرادٕ
کوٚر رُمت زِ سُہ کرِ بادشاہ صأبنۍ خأہش پوٗرٕ باسے أمہِ معاوضہٕ پےٚ تَمہ زُوتہٕ دیٖن ۔ اِتھ
کنہ ژھٔنی فقیرن مُلکہ ہنز یہ چِٹھی ژٔٹتھ تہٕ لیٖچھن بدل چِٹھی ییٚمہٕ مضموٗنہٕ :

"یہ چھُ میٲن نیچو ۔ ییٚلہٕ یہ ژےٚ نِشہٕ واتہٕ أمِس وُچھ زِ ضرورت ما آسبس
کینٛہہ تہٕ بیٚیہ کرِ زبس لولہٕ مَتہٕ لاے" یہ (چِٹھی) لٔڑکس دِتھ وۅنُس "نیرٕ گژھ أمِس
زنانہٕ ہنزِ نانہٕ نِشہٕ تہٕ گُنہٕ تہٕ چیزس کھوٗژی زنہٕ ۔"

یہ لٔڑکہ روٗد بڑ وٕنہہ گنے پکان یوت تانۍ ڈأنہٕ ہِنٛدس گرس نِشہٕ ووت ییتہٕ
أکھ ڈأنہٕ "نأنی" ووٚن یہ زن فقیرن أمِس وۅنمت اوس تہٕ دِژنَس چِٹھی ۔ یہ پٔرتھ
روٗٹ تمہٕ یہ لٔڑکہ پننہٕ نبن زبن منز چیٖر نالہٕ موٚت گرٕتھ تہٕ کرِ نَس میٹھی ۔ تہٕ تَسنٛدِس
بادشاہ رأنِس متعلق پرٕژھنس وارےٚہہ کینٛہہ ۔

أمِس لٔڑکہ سٕند آو خاص خیال تھاونہٕ تہٕ پرٕبتھ کانٛہہ لذیز چیز اَیتھ متعلق

ڈأن سۆ چتھ ہیچ سٕہ آو أمِس خأطرٕ اناونہٕ۔ تَمہِ دِتی أمِس کینٛہہ چیز یَمَن منٛز باقے چیز وہٕر یمانہٕ پتھی ہوی چیز أسی۔ اَکھ صاٗنی بانہٕ سٕہ ییلہِ پُتھرِس پیٹھ تھاوِ ہون تہٕ اوسُس بۆ ڈبارٕ بال بنان۔ ہرٕ نوٕ ستی بٕرِ تھاکھ بانہٕ یہٕ اگر پتھر پییہِ ہے یہٕ بَنہٕ ہے اَکھ پہاڑ۔ یَتھ وارٕ یہہ بجہٕ بجہٕ ہرٕنہٕ آسہِ ہَن اَکھ آبہٕ لوٹہٕ یُس ہرگاہ پتھر پییہِ پھرنہٕ یہٕ بَنہٕ ہے اَکھ آبہٕ سرٕ یُس سمندرس ہیوٗ آسہِ ہے۔ أمی ہاٗوی أمِس یم چیز تہٕ۔ تہٕ بییہِ سمجھاوِ نَس یَمَن ہنٛزٕ خأصیژ۔ یم أسی سَتھ اصل کوگر۔ اَکھ پِنٛدر، اَکھ کوتُر، اَکھ ہأرتہٕ بییہِ کینٛہہ دوا۔

تَمہِ وۄنُس دۄیمَن ستَن کوکرَن منٛز چھِ چانِٛن ستَن مامَن ہنٛدی زُو یم کینژَن دوہَن ہنٛدِ خأطرٕ نبَر چھِ گمتی۔ یۆت تانی یم کوکر زِنٛدٕ چھِ آسی ہے کالس ہکَن چأنی مام تہٕ زِنٛدٕ روٗ زِتھ۔ یۆت تانی یم سَتھ کوکر صحیح سلامت آسَن تۆت تانی ہیکہِ نہٕ کانٛہہ طاقت تِمَن نقصان واتنأوِتھ۔ پِنٛدرس منٛز چھُ میوٗن زو۔ ہرگاہ یہِ پھُٹہِ یَتہِ پھُٹہٕ تہٕ مَرٕ نتہٕ ہکہٕ یٔہ ہمیشہِ خأطرٕ زِنٛدٕ روٗ زِتھ۔ کوترس منٛز چھُ چأنِس بُڈی بب سُنٛد زُو تہٕ ہارِ منٛز چانہِ ماجہِ ہُنٛد۔ یۆت تانی یم زِنٛدٕ چھِ تۆت تانی ہیکہِ نہٕ چأنِس بُڈی ببس یا چانہِ ماجہِ کانٛہہ چیز نقصان واتنأوِتھ۔ تہٕ یَتھ دۄہَس چھُ یہِ تأثیر زِ اَمہِ ستی ہیکہِ أنِس گاش تہٕ تھ۔"

لڑکن کۆر بُڈ ڈأنہِ تَمو سارِوے چیز وخأطرٕ شُکریہ یمہٕ تَمہِ أمِس دِتی تہٕ ہاٗوی تہٕ اَمہِ پتہٕ ۆژھ شۆنگنہِ۔ صُبحس ییلہِ ڈأن دٔریاوس پیٹھ ہرٕان کرنہٕ ۆژھ تیمی تمی سَتھ کوکرتہٕ کوتُرتہٕ مأرِن تَم۔ پِنٛد رٕ ٹھاسہٕ وُن پُتھرس تہٕ اَتھ گیہ پھٔلی۔ أتھی ستی مۆدی سُہ بُڈرا کھشَس، بُڈ ڈأن تہٕ تہنٛدی سَتھ نِچوی۔ پتہٕ بُرٕن ہأر أکِس پنجرس تہٕ تُجن سو

ییٚنہٕ تُلُن اُچھ گاش واپَس اَنَن وول دواتہٕ دڑ او واپس بادشاہ سُند محل خانہٕ۔ وَتہٕ ٹھہر یاد سہٕ یہٕ اُچھ دواپنہٕ ماجہِ تہٕ باقٕے زنانَن دِنہٕ خاطرٕ ییمہٕ وُنہٕ کرِپرٕ بے منٛز آسہٕ تہٕ تِمَن اَو اَمی ساعتہٕ واپَس گاش۔ تِمہٕ کھرٕ اَتھوتہٕ کھورَو کرِیرٕ منٛزٕ تہٕ دڑ ایہِ لڑکس ہِتی محل خانَس گُن تہٕ تتہٕ وۄننکھ توت تانٛی اَکِس کمرس منٛز پڑارنہٕ خاطرٕ ییٚوت تانٛی سہٕ پانہٕ گژھہِ تہٕ بادشاہَس تہندِ ینہٕ خاطرٕ تیار کرِ۔

''بادشاہ صاب'' تِمۍ وۄن ''مےٚ چھی ژٕنے واریٛہہ ہر باونٛی۔ مےٚ چھُ عرض توٚہی بوٚ زِ ومیٚون۔ چانٛی آشنہِ چھےٚ اَکھ ڈاکن تہٕ چھےٚ مےٚ مارنہٕ خاطرٕ ژ ویہٕ کران تِکیاز تَس چھُ ننیوٚمُت زِ بہٕ چھُس چانٛو تِمو زنانو منٛزٕ اَکِ سُند نیٚچو ییمہٕ توہہِ اَمِ ہِندِس اَکساوَنس پٮ۪ٹھ گاشہٕ نِشہِ محرٛوم کرٕو تہٕ کرِپرس منٛز ترٛاوو۔ اَمِس چھُ خوف زِ گُنہٕ تہٕ پاٹھۍ بنہٕ بہٕ تختُک وارث تہٕ اَوٕ کِنۍ چھےٚ وۄلی وۄلی میٚون مرُن یژھان۔ مےٚ مور اَمۍ سُند مول، موج تہٕ سَتھ بأے تہٕ وۄنٛی مارَن بہٕ یہٕ۔ اَمۍ سُند زُو چھُ تیٚمس ہارِ منٛز'' یِ ونان کوٚر اَمۍ ہارِ دَم تہٕ بدخصلت مِلکانٛی موٚیہ امی ساعتہٕ۔

''وولہٕ وۄنٛی مےٚ ہِتی'' لڑکن وۄنُس تہٕ وُچھو بادشاصاب۔ تِہنٛزٕ اصلی آشنہٕ۔ تُہندِ مرِ آیے سَتھ نیٚچوی مگر تِمو منٛزٕ آے شےٚ بوچھِ ہُند نارہوٚ مراونہٕ خاطرٕ مارنہٕ۔ بہٕ یوت روٗدُس پَتھ گُن زِندٕ۔''

''واے! مےٚ کیاہ کوٚر یہٕ'' بادشاہَن دِژ کریکھ ''مےٚ ہِتی چھُ دوکھہٕ سپُد مُت'' تہٕ ہیوٚتُن زورٕ وَدُن۔

اَمہِ پَتہٕ کوٚر بادشاہ ہِندی گُنی نیٚچوی مُلکس پٮ۪ٹھ راج تہٕ جادوٗیی صانٛز بانہٕ،

ہرِ ؤنہٕ بانہٕ تہٕ تمہٕ آبہٕ چۄ خأصیو وکنٛزیُس أمِس (بُجہٕ) ڈُأنہٕ اوس دِتمُت ہیٚکی أکی أنٛدی
یٚکی مُلک فتح کٔرِتھ۔ بُڑ بادشاہن گزأرِ پننہٕ زندگیہٕ ہٕنٛدی باقٕے دوہ پننہٕ ئمن ستن
زنانن ستی خوش تہٕ خوشحال پأٹھی۔

(راوی: پنڈت آنندرام۔ سونہٕ مٔشید سرینگر)



# سوٗنرٕ تہٕ تسٕنڈی یار

اَکہِ وقتہٕ اوس اَکھ سونرا ییٚس پننہِ طائیفہٕ کٕہن لۄگن ہٕنز بو عام عائبو ہُر یمانہٕ یہِ (عأب) تہٕ اوس زٕنہ اوس شرأبۍ تہٕ اتراف۔ لہذا اچھنہٕ یہِ بۆ زِتھ کانٛہہ حأرانی سپدان زِنٛس رۄ دنہٕ لَرتل گاسہٕ تہٕ۔ لۄکھ اُسۍ ونان زِنٛس چھنہٕ دۄمبری تہٕ یتھ سٕہ پٔنٛز وَنہٕ ہے۔ اُمۍ سنٛزِ اَتھ مُفلسی منٛز کوٗرأمس ہیٚہِر بابن اتھہٕ رۄٹ تہٕ دِتُن اُمۍ سنٛزِ آشنہٕ گرٕ خرچہٕ خأطرٕ اَکھ ہتھ روپیہ۔

یییٚلہِ یہِ بُڈ مۄ ہنیوٗ اَتہٕ دژاوتہٕ سونٕری وۄن پننہِ آشنہٕ "ہرگامے پٔنژہ روپیہِ آسہ ہَن بٔہ بناوِ ہاتیٚنتھ وَس یتھ سَہل پأٹھۍ ہتھ روپیہِ یِہَن۔"

تٔمہِ وۄنُس "پزۍ ہا"

اُمۍ وۄنُس "آ۔ بلکل"

"رَتھ تیٚلہِ تہٕ گر ثابت" تٔمہِ وۄنُس پٔنژہ روپیہِ پلناوان۔

سونٕر گو وا اُمۍ وِزِ پٔنہٕ نس وانس پیٹھ تہٕ بنوٗون پننہِ کسبہٕ ستۍ اَکھ کرٛٹھہٕ گر۔ یہِ اوس کأری گری ہُنٛد خۄبصورت نموٗنہٕ۔

"آ۔ یٔیمہِ ستۍ پھیرِ مے وۄنۍ قسمت" اَتھ کُن وُچھتھ وۄن اُمۍ خۄشی

سان اَتھ تعریف کران۔ اُتھی ستی دژ اوسہٕ اَتھ کِننہٕ خاطرٕ۔

وَتہٕ سمکھ اُمس اَکس وزیر سُند نیچو تیمی اُمس وۄن "ہے یارا۔ ژےٚ ما چھِی کننہٕ خاطرٕ خوٗبصورت کژھہٕ کرا؟"

سوٗ نرِ وۄنُس "آ۔ یکیاہ چھُم ژےٚ لایق اَکھ تہٕ بیٚیہٕ وۄنتھُم ژےٚ یار توَے گےٚ یہِ ژےٚ۔"

واپس گرٕ وأتتھ وۄن اُمی زنانہِ بیٚیہٕ پنژہ روپیہِ دِنہٕ خاطرٕ تہٕ وعدٕ کوٚرنس زِ بہٕ گرے ژےٚ بیمہٕ کہِ کانٛلی واریہہ نفع ہیتھ واپس۔ زنانہِ دِژنس روپیہِ تہٕ اُمی بنووٕلی ۄلی تیتھےٚ ہیوٗ بیا کھ کژھہٕ کرتہٕ کِننہٕ خاطرٕ تہٕ دژ او۔ یہِ اوسہٕ وُنہِ زیادٕ دوٗر پوٚ کمُت زِ اُمس سمکھیا و دیوان سُند نیچو تیمی اُمس سلام کرتہٕ وۄننس "ہے دوستا ژےٚ ما چھِی کِنُن کیُتھ کانٛہہ خوٗبصورت کژھہٕ کر؟"

سوٗنرِ وۄنُس "آ۔ بلکل چھُہ یہوے چیز"

اُمی جوانَن پرٛژھس "ژےٚ کوٗتاہ گژھی اَتھ میلُن؟"

سوٗنرِ وۄن جواب "رکھنی نہٕ۔ ژٕ چھُکھ مےٚ پیٚرٕ قدر کران تہٕ بہٕ تہٕ کرٕ ژےٚ قدر۔ رنیویہِ کژھ کریہِ چھُ تھہٕنڈ ے۔"

پَتہٕ آویہِ گرٕ واپس تہٕ کوٚرن زنانہِ بیٚیہٕ پنژہ روپیہِ دِنہٕ خاطرٕ زور۔ مگر زنانہِ اوسُن وۄنی یِنَن یہِ کار چلنس پیٹھ شک ہیوٗ گمُن ہیوٗ تمُت لہٰذا لوگن دوٗرٕ پہَن۔

"ژےٚ کیاہ کوٚرتھ میانین روپین؟" تمہِ پرٛژھس "ژےٚ ونیا تھ مےٚ بہٕ دِمےٚ ژےٚ پنژہن روپین بدلہٕ ہتھ روپیہِ۔ وۄنی ینہہ ژےٚ پنژاہ روپیہِ تہٕ وُنیس تانٛ

دِیتھم نہٕ اَکھ پنسہٕ تہِ واپس۔ پتھہٕ چھہم وۆنی اور ے پیٚہِ منگان۔"

سوٚنٛری وۆنُس "بیقل مہٕ لاگ۔ مےٚ چھُ پتاہ مےٚ کیٛاہ وۆنےٚ ژےٚ تہٕ مےٚ کیٛاہ کوٚر۔ مےٚ گرِ نہٕ چانہِ روپیہِ ضایع مے دِہنا وقت تہٕ ژۆ چھکھ پانَے زِ بہٕ کوتاہ زینہٕ اَتھ سودہس۔"

اُمی ہِنٛدِ امہِ زور کرنہٕ ستۍ گوس اثر ے تہٕ دِژنس روپیہِ یموٚ ستۍ اُمی بیاکھ خۆبصورت کرٛھہٕ کرِ بنوو۔ییٚلہِ یہِ بناوِتھ موکلوٚون تہٕ دژ اوٚستی می پاٹھی اَتھ کٕنہٕ خاطرٕ تہٕ وَتہٕ سمکھ اُمس اچانکے اَکھ نامی ژۆر اُمی تہِ گرٕ اُمس یارٕ ۆنی تھیے گتھ تہٕ وۆننس ژےٚ ماچھی کُنٕ کیٛتھ کرٛھہٕ گر۔اَتھ پتھ دِیُت سونٛرن اُمس کرٛھہٕ کرِ تہٕ وۆننس زِ یہِ گرِ اَکس دوستہٕ ہِنٛدِ طرفہٕ تحفہٕ رٕنٛگی قبۆل۔ پتہٕ گو واپس گرٕ تہٕ وۆنُن زنانہِ تہِ سأ لم یہِ اُمی کوٚر رمت اوس۔

اَمہِ پتہٕ بَس اکہِ دۆہ ییٚلہِ اُمس زنانہِ گرٕ خرچہِ خاطرٕ کینٛہہ پنسہٕ دِنہٕ خاطرٕ تفرتُل تِکیاِ زِ باتے پنٛژہ روپیہِ آسہٕ الکہِ پَلہٕ موکلیمرٕ اُمی سونٛچ زِ بہٕ گرٛھہٕ تہٕ ازماو کھ پنٛنۍ یار۔اُمی لاگ پنٛنۍ سارِوے کھوتہٕ رِتی پلوتہٕ گو وگوڈٕ وزیرٕ سُنٛد گرٕ۔ تٔمۍ وُچھ نہٕ سہٕ اَتہِ تہٕ پَتہٕ گو وسہٕ دیوان سُنٛد گرٕ ییتہٕ اُمی یم دۆہوے وُچھ تہٕ فورن آو اُمس تِمَن نِش گوھنُک اجازت دِنہٕ تہٕ آس برابر دوستہٕ سُنٛدُ ے خاطر گرنہٕ۔ییٚمہِ وِزِ سہٕ اَتۍ اوس تہٕ اُتھی منٛز پیٚہِ اتفاقن بادشاہ سٕنٛز کوٚرتہِ وأتِتھ۔سو پتھ نٛہر تہٕ لاجن یِمَن ستۍ کتھاباتھا گرٕنی تہٕ اَتھ دوران وۆنُن یِمَن کانٛہہ ہیکیامیانہِ خأطرٕ اَکھ کأم گرِتھ سو یہِ زِ سوأس مألی ہِنٛدِس باغس منٛز مۆجۆد اکہِ ٹنگہٕ کُلِکی کینٛہہ ٹنگ حاصِل گرِنی یژھان مگر تَس اوسنہٕ یہِ فکری

تران زِ سو۔ کتھہٕ کنہٕ کرِ یم حاصِل تہٕ کیاہ زِ اَتھ کُلس اَسی اَنٛدی اَنٛدی زعفرانی پھیکہِ ہٕنٛدی سَتھ تلاوتہٕ ہَر گاہ اَیا رِ کانٛہہ شخص پکہِ ہے تَس لگن ضروٗر رنگہٕ داغ تہٕ یِیہ پرٕز ناونہٕ۔ وۄنۍ ییلہِ یمو یم لفظ بوٗزِ تہٕ وزیرہٕنٛدی نیٚچوی، دیوان ہٕنٛدی نیٚچوی تہٕ سوٗزرِ ساروِ ے وۄنُس زِ اَسی کرواُمی ہٕنٛز یہِ خاہش پوٗر کرنٕچ کوٗشِش۔

دیوان ہٕنٛدِ گرِ نیرِتھ گوو سوٗنٛر ژوٗرس نِشہِ یُس اُمس وُچھتھ سخت خوش گوو تہٕ کال اَتی کھنبَس پیٹھ کوٗرنَس زور۔ وۄں گوو سوٗزری منٛجس معاٗفی "مےٚ چھےٚ وۄنی کیٚس ژےٚ وَننہٕ خاطرٕ اَکھ بدلٕ گتھ" اُمی وۄنُس "بے شک! کینٛہہ ماچھےٚ خدارٕ چھِن پریشانی" ژوٗرَن وۄنس کینٛژھا تجسُس سان۔

"آ۔ وارِیہہ" سوٗنٛرن دِتُس جواب "بہٕ چھُس یژھان مےٚ گوٗڑھی شہزادِ خاطرٕ بادشاہ ہٕنٛدِ باغہٕ کِہ کُلکی کینٛہہ ٹنگ۔ ژٕ ہیکہٕ کھامےٚ مدد کرِتھ؟ بہٕ چھُس نہٕ دپان زِ خدارٕ چھِن ژٕ تژٕ اَو کھ زوٗہلاکتس منٛز۔ وۄں ییلہِ نہٕ لٔنٛدِ تہٕ تیلہِ کیاہ کروس۔"

"مہ ہےٚ پریشانی" ژوٗرَن وۄنُس "بہٕ اَنہٕ اَمہِ کُلکی کینٛہہ ٹنگ" تہٕ اُمی کوٗر یہِ مگر کتھہٕ کنہٕ سُہ ہیکہٕ نہٕ کانٛہہ وٕنِتھ۔ محض اَکِس دوہَس لٔنٛد رلٔنٛد راَسی یم خوٗبصورت ٹنگ اَکِس زاَنہِ منٛز سوٗنٛری ہٕنٛدِس وانَس منٛز واَتی ہٕتی۔ سبٹھاہ جلد سےٚ وزیرٕ سُنٛد نیٚچوٕ، دیوان سُنٛد نیٚچو تہٕ سوٗنٛرتہٕ آے ٹنگ پیش کرنہٕ۔ شہزادِ یوٗ ژھ جل جَل یم کھیٚنٛز تہٕ دیوان ہٕنٛدی نیٚچوی زٕل یمو منٛزٕ اَکھ تہٕ کرِ نَس لوٕکٹ لوٕکٹ کھاش ژٕراکہٕ پیٚچ پیٚتَس پیٹھ یم کھاش تِکتھ لاگن یم شہزادِ کھیاوٕنی۔ کھوٗان کھوٗان پیٚیہِ بدقسمتی کنہٕ شہزادِ پوٗنٛد تہٕ ژٕراکہٕ پیٚچ ژاس سیوٗ دُ ے ڈِکس تہٕ مویہِ۔

''ہاے افسوٗس!'' دیوان ہٕندی نچوی وۄن دوکھہٕ سان'' مےٚ ژٕھنٛز شہزادی مارِتھ۔''

وزیرزادن وۄنُس ''نہ۔نہ۔۔۔یہِ اوس سائلم مےٚ قصوٗر''

''نہ۔۔نہ''سوٗرزن وۄن''یہ سپُد میانے۔ ہرگاہ مےٚ ٹنگ أنی ٕمتی آسہن۔ سو کتہِ کھیاوہون أسی تتھہٕ پأٹھی۔ وۄل گووکُمی وۄن بڑ وٛنھہ کُن ''اَسہِ پزِ نہ پڑارُن یوٚت تانی اَسہِ رٔژن۔ اَسہِ چھُ بہتر اکھ مٔٹ اَنُن تہٕ شہزادی أتھی منز برتھ ڈٔری یاوس ژٕھنُن۔ نتہٕ پرأی ٕہنز لاش آبس پیٹھ تہٕ یہِ وَنہٕ تہٕ اَسہِ کھالَن پھاسہِ۔''

اوٚ کنی آیہِ أکِس کرٛالَس ڈٕلی ڈٕلی مٔٹ ہیٛنہٕ تہٕ یہ کرنہٕ۔ شامَس نٔیاوِ زِ شہزادی چھےٚ نہ ژُنی۔ محل خانہٕ چِھ سارِنے عمارژن تہٕ تِمَن مُختلف جایَن یوٚت شہزادی یژ پأٹھی گرٛھان أس آیہِ سوٗر ھانڈنہٕ۔ مگر تِمُی سُند دڑاونہٕ کاٛنہہ نیب نِشانا۔ اَمہِ پتہٕ آیہِ پرٛ ہتھ طرفہٕ شأہی پارے کرناونہٕ یتھ منز یہ وعدٕ آو کرنہٕ زِ یُس تہٕ شنہشاہ ملکہ متعلق کیٛنھہ شیٚچھ خبر اَنہِ تَس یِیہِ بوٚڈ بارٕ انعامہٕ دِنہٕ۔ دوٚیمہِ دوہہٕ صُبحأے آو اکھ نفر بادشاہَس نِشہ تہٕ وۄننس زِ تِمی اوس راتھ شامہٕ پتہٕ اکھ نفر ڈٔریاوس مٔٹ ژٕھنان وُچھمُت۔ یہِ بوٗزِتھ دِیُت بادشاہَن فورَن ڈٔریاوس پاژ کرناونُک حُکم۔ اَتہِ لُبھ مٔٹ تہٕ أتھی منز أس خوٗبصورت شہزادِ ہنز لاش۔

''شہر کی سأری کرٛال أنیوٚکھ مےٚ نِش بُلاوِتھ'' وۄن بادشاہَن ''اَتھ معاملَس گرٛھہِ پوٗرٕ پأٹھی تحقیقات سپُدٕن۔''

لہذا آے سأری کرٛال سوٗمبراونہٕ تہٕ پرٛژھنہٕ آکھ زِ یمو منزٕ کمی أکی أسی

حالہٕ مٔٹ ٲکنۍ ہرٕ۔ اَتھ پتھ گوو اَکھ کرال پیش تہٕ تٔمۍ وۄن زِ مےٚ اُس راتھ اَکھ مٔٹ سونرس ٲکنۍ ہرٕ۔

اَمہٕ پتہٕ آو سونُر بُلاونہٕ "ژےٚ کیازِ مار تھٔن شہزادی؟" بادشاہَن پرٕژھنس "وَن سا"

مگر سونرِ دِیت نہٕ جواب۔

بادشاہَن وۄن "اَمۍ ہیٚژ ژھوپہٕ چھےٚ اَمۍ سُند جرم ثابت کران۔ یہِ گژھہِ دۄن دوہَن اندر اندر قتل یُن کرنہٕ۔"

لہذا آو سونُر قٲدخانہٕ ژنہٕ۔ ہپٲرۍ اوس بادشاہَن حکم دِیتمت زِ پھانسی گژھہِ اَکس دۄن دوہَن پتھ نٔنۍ یتھ زَن سہ اَمہٕ ظالمانہٕ قتلُک (یہِ زن یہِ باسان اوس) اصل وَجہ نٔنۍ راوِتھ ہیکہِ۔ تٔمۍ بدلوو بھیس تہٕ رۄد پہرٕ دار بٔنِتھ۔ راتھ کیٚتھ گوو قیدس نشہِ "ژےٚ چھےٚ پگاہ پھانسی" اَمۍ وۄن اَمِس "ژٕ چھکھا تیار؟ کانٛسہِ ماچھی کینٛہہ وَنُن؟" کانٛسہِ رِشتہٕ دارس یا دوستَس یُس ژےٚ وُنۍ کٲنسہِ مدد ہیٚکی کٔرِتھ۔"

سونرَن وۄنُس "شکریہ۔ بہٕ چھس مَرنہٕ برٕ ؤنِہ دۄن تربن دوستَن سمکھٕن یژھان۔"

"دسبٹھاہ جان" پہرٕ دارَن وۄنُس "پگھ مےٚ ٲستی تہٕ سمکھ تمَن" سونُر گوو گوڈٕ نبتھ وزیرٕ سُند گرٕ تہٕ گرن اَتہٕ اَمۍ ہیٚنٛدس نیچوس ٲستی کتھ۔ "میانہِ یارا" اَمۍ وۄنُس "وۄنۍ چھُ مےٚ پھانسہِ کھسُن۔ ژٕ ہیکَکھ نامیانہِ خاطرٕ کینٛہہ کٔرِتھ؟"

"آ" دِیُس اَمۍ نوجوانَن جواب "ژٕ روز خوش۔ برابر وقتس پتھ دِمہٕ بہٕ

بحیثیتِ فوجُک زِیٹھ پَنٕنٮ۪ن سپاہن اشارٕ تہٕ تَم کرٕن بادشاہَس قتل'' پہردارن بوز یمہٕ کتھٕ تہٕ سَپُد سخت حٲران۔

پَتہٕ گووسونُر دیوان سُند گرِ تہٕ کوٚرُن اُمی سٕندِس زِٹھس نیچوِس ستی زیوٹھ دربار''یارا'' وۄنُس اُمی ''ژٕ کیاہ ہیکُکھ مےٚ یَلہٕ ترٛاونہٕ خٲطرٕ کٔرِتھ؟''

''کھوژمہٕ ''اُمی جوانن دِتُس جواب''مےٚ گژھِ نہٕ چٲنی مہربٲنی مُشتھ۔یہ یمہٕ برابر وقتس پیٹھ تہٕ پننہِ تلوارِ ستی مارن بادشاہ۔ پہردارن بوٗزیہِ کتھ تہٕ وۄژھس تھٕر۔

پَتہٕ گووسونُر پَننہٕ نِس بیٚنِس یارس یعنے ژورَس نِش تہٕ اُمس تہِ پرٛژھُن سُہ سوال یُس اُمی ہمَن پرٛژھمُت اوس۔ژوٗرن کوٚرُس جوابہِ سلاماتہٕ دۄ پنِس ژٕ ٹھہر یٮ۪تی رَژھِہ کھنجہِ تِکیا زِمےٚ پھے وُنی کیبس زبردست کامہِ ہنا اَکھ۔

اُمی اَسی سوٗنری سٕندی لفظ بوٗزی تہٕ یہِ بُڈ مصیبتس منٛز وُچھمُت تُمی کوٚر شبقہٕ اِرادٕ زِیہٕ کٔرِ اُمس مدد چاہےٚ مےٚ اَمہِ خٲطرٕ زُوتہٕ دِیٚن پیٚیہٕ۔سُہ وۄتھ تہٕ دزٛاوامی ساعتہٕ تہٕ کھوٚت محل خانہٕ کِس دیوارس تہٕ ژاودارِ کُنی بادشاہ سٕندِس خواب گاہَس منٛز تہٕ اَتہِ نٮ۪ن تِمس شنھسس گردَن ژٹِتھ یُس اَمہِ وِزِ بادشاہ سٕندِس بسترَس پیٹھ بادشاہ سٕندِ بدلہٕ شوٚنگتھ اوس۔''وۄنی کیاہ کھوژِنہٕ سُہ گُنہٕ'' رَتہٕ بٔرِتھ یہِ کلہٕ ہیرا اَتھس کیتھ ہیتھ سونٕرس نِش واپس دَوان دوران وۄن اُمی پانٕسے ستی۔

''ہے یارا۔ژٕ چھکھا پیٚتی'' یہِ کلہٕ ہیر سونٕرس تہٕ پہرٕ دارس بٕرٛ وۄنہہ گنہٕ داٗرِتھ دِتھ وۄنُس اُمی خوشی سان۔''وُچھتہٕ موکلے کیاہ ژٕ ےٚ سٲری تکلیف۔بادشاہ ہیکی نہٕ

وۄنۍ ژٕے کانٛہہ نقصان واتناوِتھ۔"

اَمہِ پَتہٕ گو وسونٛر پہرٕ دارس سٟتۍ واپس قاۓدخانس منٛز۔ ضُحس آو سٕہ تمام لۄکن تہٕ فوجہٕ موجوٗدگیہِ منٛز پھاسہِ کۄلِس کُن پکناونہٕ۔ تتھے سٕہ پھاسہِ تختس پیٹھ ووت تہٕ دیوان سُند نیچُو آو نبتھ نٛژ کرتل ہتھ دوان دوران بادشاہَس قتل کرنہٕ خاطرٕ تہٕ وزیرٕ سٕندی نیچِوِی دِیُت پننہٕ نبن سپاہَن اِشارٕ زِ اَمِس کرَن اَتھ کامہِ منٛز مدد۔ مگر یہِ کرنٕک پیو نہٕ اَتہِ ضرٗرتھے تِکیازِ بادشاہَن اوس پۄرٕ پاٹھۍ ارادٕ کوٚر مُت زِ مے کیاہ چھُ کرُن۔ تٕمۍ دِژ کرٛکھ "سونٛر تٕہ اوہوٗن یلہٕ، سونٛر کرِہوٗن آزاد۔ تٕمس چھےٚ معافی یِوان دِنہٕ۔ اَمِس آو بخشنہٕ۔" اَتھ پیٹھ ووتھ اَتہِ جمع سپدیمتین لۄکن ہٕنٛدِ طرفہٕ گرٛیہ۔ بادشاہ سلامت۔ زندہ باد۔ بادشاہ سلامت۔ زندہ باد۔"

(راوی: بِشو بایو۔ رٕنی وور، سرینگر)



# أکِس شہزادِ ہنٛز دٔلیل

اَکھ بادشاہ ہارنوو جنکس منٛز اَکی ہمسایہِ مُلککی بادشاہَن تہٕ پھوٲمس ژُلن۔
سُہ یُوت تیز ژٕلِتھ ہیوٚک تہٕ تیوٗت تہٕ ووت شہرٕ نبر اکہٕ پلہٕ بہہ میل دوٗر ٲکِس
لوکٹِس نبکھٕپس گامَس منٛز۔ تس پھوٗ تیوٗت جلدی منٛز ژٕلن زِ تَس گیہِ پانس ستی کینٛہہ
روپیہِ ٹلنہٕ تہٕ مٔشتھ۔ ووٗن گووتوتہِ اوسُس قسمتھے زِ شہزادِ (بادشاہ سنٛز نوشہِ) ٲسی کاہ
لال ستی یموٗ منٛز دِیٔت امہِ اَکھ بادشاہَس تتھے یم گامَس منٛز راتھ گزارنہٕ خاطرٕ واتی
تہٕ ووٗنُن تَس زِ ژٕ گرٕ ھ بازرتہٕ اَن کینٛہہ کھبنہٕ خاطرٕ۔ بادشاہَن روٗٹ لال تہٕ گود
ٲکِس سواگر سنٛدِس وانس پیٹھ تہٕ دوٗپنَس یَتھ لالس پیٹھ تمہِ منٛزٕ دِمَے روپیہ کھنٛجہٕ
کھبنہٕ خاطرٕ سامانہٕ۔ ظاہر چھُ زِ ٲسی موٗنس خوشی سان تہٕ بادشاہَس ووٗنُن زِ پگھ مے
ستی ژٕ میون گرٕ تہٕ تٔتی دِمَے بٔہ باقٕے پنٛسہٕ واپس۔

مگر ژکہِ اوس یہِ سوداگر بد خصلت۔ سُہ ہیکہِ ہے ٲتی باقٕے واپس کٔرتھ مگر تمی
یوٚژھ سُہ گرٕ پکناوٗن تکیازِ تمی اوس پنٛنہٕ گرٕ ٲکِس کمرس یوہَے ژٕھل ہیوٗ بنوومُت ییٚتہٕ تمی
وار یہہ لوٗکھ پھنٛد کٔرتھ بند ٲسی کٔری ستیٚ یہِ ژٕھل اوس یِتھ ہیوٗ زِ یُسے شخص اتہٕ بیہان

اوس سُہ اوس سیوٚ دُے بوٚن اُ کس چھس منز واتان ییٚتہِ تم توٚت تانٛی نیر تھٕے اُسی نہٕ ہبکان یوٚت تانٛی نہٕ تم سُہ چیز یاسُہ وعدٕ دِمن یہ کینژھا سوداگر تمن منگہٕ ہے۔

ییٚلہِ کینٛہہ گانٛٹہٕ گزرے تہٕ بادشاہ واپس پھیوٚرُے نہٕ شہزادِ کوٚ ڈبیا کھلال تہٕ دِتُن یہ پنُہٕ نِس خانہٕ دارس تہٕ وۄنُنس نیر گوٚ ھ اَن کینٛہہ کھنہٕ خاطرٕ تہٕ بییٚہ دُچھ بادشاہَس ہتی کیاہ سپد۔ شہزادِ تہٕ ووت اُسی ہے بد خصلت سوداگرٕ سِندس وانٛس پیٚٹھ تہٕ یِہوٚ ے اَتہٕ بازرُک بوٚڈ دوان وُچھتھ وۄنُن اُمس سوداگرس زِ ژٕ ہے تہٕ یہ لال۔ سوداگرَن وۄنُس "ٹھیک چھُ پگہ میوٚن گرٕ تہٕ بہٕ دِمَے ژٕ ے اَتھ قیمتھ تِکیا زِ بہٕ ہیکے نہٕ ییٚتہٕ پننہِ دِتھ" تتھ کٔنی نیوٚ اُمی شہزادِ گرٕ تہٕ سُتہٕ بوٚ رُن اُتھی ژھلہٕ گُٹھس۔

وۄنی اوس اَتہٕ اَنہٕ گوٚٹ تہٕ سپد مُت تہٕ نہٕ آو اورٕ بادشاہ تہٕ نہٕ شہزادِ واپس پھیرِتھ تہٕ شہزادِ تُل بیا کھلال تہٕ یہ مُلکانہِ پلنأ وِتھ وۄنُنس زِ ژٕ گوٚ ھ تہٕ اَن کینژھا کھنہٕ خاطرٕ۔ مُلکأنی گٔیہ تہٕ تَس ہتی تہٕ سپد تی یہ تسِندس خانہٕ دارتہٕ نیچوٚس ہتی سپد۔

شہزأدی پڑ ار یہِ کینژس وقس تسِندِس ییٚنس تہٕ اَمہِ پتہٕ گنٛیوٚس شک زِبادشاہ، ملکانہٕ تہٕ شہزادس چھُ کیاہتانٛی ووگتہٕ سپد مُت۔ اَمہِ کٔنی درٛاییہ سو پنہٕ نِس خاندار سِندی کینٛہہ پلوٚ لا رٕتھ بدل حُلیس منز بازر۔ ہُمنے ہِندی پأ ٹھی گٔیہ سو سیوٚ دُے بڈس سوداگر سِندِس وانٛس پیٚٹھ تہٕ وۄنُن تَس یہ لال ہبنہٕ خاطرٕ۔ تمی وۄنُس "اِد کیاہ۔ جان گوو۔ پگہ میوٚن گرٕ"۔ گرٕ واُتتھ وۄنُس اُمی تتھی کُٹھس منز اَژنہٕ خاطرٕ ییٚتہٕ کھرٛ کہٕ پٔٹ لا رٕتھ اُس تہٕ دوٚ پنٛس ژٕ پیار اُتی کینژَن منٛگن یوٚت تانٛی بہٕ پننہٕ اَنے۔ مگر شہزأدی اُس اُمِس کھوتہٕ ترٛچ۔ اُمِس کھوٚ ریہِ نفر گوٚ ڈبتھے تہٕ یہ باسیوٚس عجیب زِیہِ کیاہ اوسنہٕ کینٛہہ

روپیہِ وانَس منز تھاوان۔ لہذا مون نہٕ اُمِس اَمہِ اوراَڑن۔ سو ییلہِ پژاران اُس تمہ بۄزاَتہِ انسان آواز فرشہٕ تلہِ یِوان۔ نگھہِ پھِن گژھتھ پژنا ؤ تمہِ خانہٕ ارسنز آوازہٕ پتہٕ پنہٕ نِس ہیہِر بابہٕ تہٕ ہشہِ ماجہِ ہنز۔ تم اُسی مدد خاطرٕ کربکہٕ دِوان۔ سو گیہِ پژنہ پیٹھی حاران۔ تمہِ دِژ کربکھ "ہے ژۄرا! قاتلا! کوت گوکھ؟"

سوداگرا آودوان دوان تَس کُن تہٕ وۄنُس "کیاہ ذلیل۔ کیاہ دلیل!"

اَمہِ پرژھُس "ژےکیاہ کو رُتھ یِمَن نفرن؟ یِم کڑ کھ تہٕ سِمر بیتہٕ یِم تھاوکھ ہتی چھِتھ کھ نتہٕ گژھےبہٕ وُنی تہٕ کرَےبادشاہس نِش شکایت۔"

سوداگر کھۄژتہٕ تژ اُوِن قاؤ دگری ہتی یلہٕ تہٕ دِتی نگھ تم لال واپس یِم یِمَن نِشہِ رٔٹی ہتی اُسن۔ پتہٕ دراو بادشاہ، ملکأنی تہٕ شہزادِ اَتہِ مگر شہزاؔدی (یوسہٕ مَردٕ رختس منز اُس۔ یہِ اَسہِ گوڈَےوۄن) ہیٹھ سوداگرٕ سندِس وِنَس پیٹھ اُتی کال کھنہٕ خاطرٕ۔ بادشاہ، تمی سنز آشنی تہٕ نیچو گےفورَن تتھ جایہِ ییتہٕ تموشہزاؔدی اُسی تژاُومِژ۔ "افسوس! افسوس" شہزادَن دِژ کربکھ "خبر تَس کیاہ مصیبت چھُ آمُت۔ یاتہٕ پچھےکأنسہِ لۄٹہٕ ہِژ نتہٕ مأرمِژ۔"

بادشاہَن وۄنُس "نہ۔ تہٕ آسہِ نہٕ۔ عأنِ ممکن چھُ زِسوپچھےاَسہِ ژھانڈنہٕ دژامِژ تہٕ جلدِےییہِ واپس۔"

مگر شہزاؔدی وأژ اَمہِ پتہٕ وارِیہہ وُہری پنہٕ نِس خانہٕ دارس تہٕ بادشاہَس بیہِ مِلکانہِ نِشن۔ دۄیمہِ دہہ صُبحأےدژاِیہِ سو اَتہِ تہٕ رۄز وارِیہَن دوہَن پۄتَس پتھ پکان یوت تانی سوبیٹیس اَکِس مُلکس منز وأژ۔ اَتہِ رۄز سومَردٕ رختس منزےتہٕ

کوٚرُن یہِ ظاہر زِسہ اوس اَکِس سوداگرسُند نیچوٚ تہٕ اَمِس اوس گنپت رائے ناو۔ اَمی سٕنزِ حاضر جوابی تہٕ پھُرتیلہٕ آسنہٕ کِنۍ سپُد اَتیک اَکھ بوٚڈ سوداگر اَمی ہٕندِ ستی مُتأثر تہٕ دِژنَس نوکری۔ اَمِس سوداگرس آسہٕ ترٕے زنانہٕ مگر نیچوٚ اوس نہٕ کانہہ۔ اَتھ اوس یہِ وجہ زِ ییٚلہِ تہٕ تمی سٕنزِ کانٛسہِ زنانہِ نیچوٚ اوس زوان تمہِ پتہٕ اَس اَکھ ڈاکہ گنڈ پیوان واتتھ تہٕ اَس اَمِس کھبتھ نوان۔

وۄنی ییٚلہِ گنپت رائے سوداگرس نِشہِ مُلازِم اوس تہٕ اَمِس سوداگرس زاو لڑکہٕ ہنا۔

"بہٕ چھُس یژھان۔" اَمی وۄن گنپت رائس یُس تَس جلدٕے پننہٕ نِس کاربارس منٛز بھروسس لایق اوس باسیومُت "بہٕ چھُس یژھان زِ ژٕ روزَ کھاَز راتس شونگن کُٹھہِ کِس دروازس نِشہِ تہٕ روزَ کھ ڈاکہ گنہِ گوٚس۔ سو پیہِ ضرورت تہٕ کرِنچس نچ کوٚشش۔"

اَمہِ وۄنُس "اَڈِ ٹھیکھ چھُ۔"

نصف راژ کیٚتھ آیہِ ڈاکہ گنڈ تہٕ دوریہِ ٹاس کرِتھ درواز موٚراونہٕ خاطرٕ تہٕ گنپت رایَن ژٹ سو پنتھ۔ اَتھ پتھ کوٚر ڈاکہ گنہِ گنپت رایَس حملہٕ تہٕ اَمی ترٛاوُنَس مستَس تھچھ تہٕ دِژن پتھر دارِتھ۔ ڈاکہ گنہِ دِژ کربکہٕ "ہے مےٚ ترٛاو ییٚلہٕ۔ مےٚ ترٛاو ییٚلہٕ۔ بہٕ چھُسے ژٕ ے وعدٕ کران زِ بہٕ کرَن نہٕ زانہہ تہٕ یہِ کرِ وۄنی پریشان۔ مےٚ ترٛاو تہٕ دِمےٚ گژھنہٕ۔"

شہزادِ مونُس تہٕ ڈاکہ گنڈ وژلیہ۔ پگہہ صُبحس ییٚلہِ سوداگرَن کاژ یہِ ذلیل بوٚز

سہ سپُد سبٹھے خوش۔ ''ژٕے کرِتھ مےٚ تہٕ ہ خدمت یوسہٕ نہٕ بہٕ ژٕے زانٕہہ ہوٚرِتھ ہیکہٕ۔'' تمی وۄنُس ''وۄنی یۄ تانی ژٕ زِندٕ چھکھ توٚت تانی روز کھہیٚنی ہے گرٕس منٛز۔ بہٕ دِمےٚ ژٕے پنٕنی بیٚنہٕ نیتھری۔''

گُپت رالس اوسنہٕ وُنہٕ سوداگر سنٛزِ بیٚنہٕ ستی کھاندر کری مٔتس زیادٕ وقت گوٚمُت بیلہِ تمی کُر یہٕ خاہش باوٕ زِ بہٕ گژھہٕ ہاپنہٕ نِس مأںس ماجہِ مُلا قاتس تہٕ سوداگرس کوٚرُن درخاس زِمےٚ دِتہٕ آشنی ستی ہنک اجازت۔

گوڈٕ کرےٚ یہِ سوداگرن ژھوپےٚ مگر پتہٕ دِیتنس اجازت۔

واپس پنٕن مُلک واتتھ ژھأنڈی گُپت رائن پنٕن خانہٕ دار، بادشاہ تہٕ مٔلکہ پرٕ ہتھ لنڈ تہٕ دۄردۄ رتانی تہٕ اُخرس لٔبن اُکس لوکٹس گامس منٛز تم بیچھان۔ تمو پرٕز نأونہٕ سوتکیا زِسواُس مَر دِلباسس منٛز۔ اکہِ دۄہہ شامس لاگ تمہِ پنٕنی پلو تہٕ گییہ تمن نِشہِ۔ اَمہِ پتہٕ پرٕزِ نأو تمو سوٗ ستی شہزادن وۄنس خوٚشی سان جذباتن منٛز ''میأنی ٹاٹھہ آشنی'' بادشاہ تہٕ مٔلکأنی گییہ دوان دوان اُمس کُن تہٕ چھس ونان ''میأنی یڑ کالہِ رأوِمژ گوٚبری'' تہٕ نالہِ مٔتی کران چھس ونان ''ژٕ کتہٕ اُسکھ؟ ژٕے ستی کیاہ سپُد؟ اَسہِ باسیاو ژٕ مارٕنیکھ کأنسہِ نتہٕ ماژھنہِ ہکھ مأرِتھ تہٕ اَسہِ اُس نہٕ رایلی زِ ژٕ کیاہ وُچھوتھ دُبارٕ'' تمہِ رأژ اُس تہند بن دِلن منٛز زبردست خوٚشی تہٕ شادمأنی۔ شہزادِنی یم ترٛ نو ےتھ گرٕس منٛز بیٚتہٕ سو سوداگر سنٛزِ بیٚنہٕ ستی اُس روزان تہٕ کرنأوِن یم تسُند تعارف۔ اَمہِ پتہٕ وۄن اَمہِ تہٕ سورُے یمن یہِ اُمس ستی تمن نِشہٕ ژھینہٕ گژھنہٕ پتہٕ پیش آو۔ اَمہِ کتھہٕ پأٹھی کر فلأنی مُلکس منٛز اُکس سوداگر سنٛز ملازمت تہٕ خدا صأبن کتھہٕ پأٹھی کر اُمس

ترقی زِ اٲمِس سپُد سوداگرٕ ہشرٕ بێنہِ ہتی کھاندرتہٕ اٲہسس سبٹھاہ دولت۔ اَمہِ پتہٕ وۄن اَمہِ سوداگرٕ ہشرٕ بێنہِ زِ ژکہِ اٲس پتہِ زنانہٕ تہٕ تَس کۄرُن التجازِینہٕ سواَمہِ دھوکہٕ خاطرٕ اٲمِس ناراض سپُد بلکہِ گرِن اٲمی ہشدِس خانہٕ دارس ہتی کھاندرُیس اَکھ شہزادٕ چھُ تہٕ پتہٕ روز وٲسی پانہٕ وٲنی یکجا۔

تِتھے یِم گریلو معاملہٕ اٲژراٲوِن تہٕ شہزادِسۆ مبرو ہیٚہرٕ بابہٕ سُند سوُرے چھلہِ چھلہِ گوٚمُت فوج تہٕ تمَن باٲگراوبن سبٹھاہ روپیہِ تہٕ تمَن دِژٕن پنُن مُلک واپَس آزاد کرناونہٕ خاطرٕ ہمت۔ یِمَن فوجیَن منٛز وُزنوۆن زبردست جوش تہٕ جذبہٕ تہٕ تِم سپدی پَننہِ مُلکہٕ تہٕ بادشاہَس خاطرٕ کینٛہہ تہِ کرنہٕ باپتھ تیار۔

پَتہٕ سپُد جنگ تہٕ زیٚوٚنکھ قلعہٕ تہٕ نێبرِ مہِ مُلکہٕ کَس بادشاہَس پیوٚ فوج ہێتھ اَتہِ ژٕلُن۔

(راوی: شِوبایو، رٕنی وور سرینگر)



# اَکس شہزادٕہٕنز دٕلیل

## (الگ لکہٕ کتھ)

اَکس شہزادس کوٚر رُکھ کھاندر۔ کھاندرٕ پَتہٕ دوٚیمہِ دوہہٕ سوٚز بادشاہَن یعنے تٕہندی مأل تَس یہِ شیٚچھ زِ ''پننہِ آشنہِ وَن زِ بادشاہَن سوٚزنے سلام'' شاہزادَن کوٚر لی تہٕ زنانہِ اَمی ہنزِ دِیُت سیٚوٚدُے جواب ''ٹھیک چھُ'' شامَس آو بادشاہس معلوٗم کرنہٕ زِ شہزادِ کیاہ جواب اوس دِتُمت تہٕ اَمی ییٚلہِ بوٗز تہٕ ووٗنُن ''افسوٗس۔ مےٚ گیہٕ تِمہٕ سارے روپیہٕ ضایع یمہٕ مےٚ شاہزادٕ ہندِس کھاندرس پیٹھ خرچاوِ۔'' اَمہِ پَتہٕ کیہٕ کالَک آو شہزادس دُبارٕ کھاندر کرنہٕ تہٕ امی اندازٕ سوٚز بادشاہَن اَمِس زنانہِ سلام ''ٹھیک ٹھیک'' شہزادِ دِیُت جواب ''بادشاہ صأبس گری زِ تُہٕمی ہنزِ مہربأنیہِ خأطرٕ شکریہ تہٕ دِٕنی زبس میٲنی سلام''۔ ییٚلہِ بادشاہن یہِ جواب بوٗز تمی ووٗن ''افسوٗس! افسوٗس! میوٗن بدقسمت۔ مےٚ رأوری تِم پٲنسہٕ یِم مےٚ نیٚچوی ہندِس کھاندرس پیٹھ خرچأوی۔

پَتہٕ گو وبیٚنہٕ کیہٕ کینٛہہ کالا زِ بادشاہَن کوٚر نیٚچوس ترٚیم کھاندر تہٕ اَمی ہنزٕ ترٚیمہٕ زنانہِ تہٕ گرِن اَمی طریقہٕ اَزمأیش۔ یہِ ترٚیم زنانہٕ اُس حلیم، ادبہٕ وازِنی تہٕ رٕژ۔ ییٚلہِ اَمہِ بادشاہ ہندِ طرفہٕ یہِ شیٚچھ بوٗز تمہِ کوٚر خانہٕ دارَس التجا زِ سُہ وَنہِ بادشاہ صأبس

"شہزأ دٕ چھےٚ ونان زِیٕہ کوسہٕ چھس زِ بادشاہ کیٛاہ تھاوِ مےٚ اَمہِ آیہِ کُنہٕ قطارَس" یہِ کوٚ راَمہِ یہِمہِ وجہٕ کنٛز زِتَس باسیاونہٕ یہِ مُنأسب زِ بادشاہ سلامَت یوسہٕ سلام ونان چھِ تَتھ نسبت سپدِ کانٛہہ توہین یا گرِ اَتھ یہِ تتھہٕ پأٹھۍ قبوٗل زِیہِ باسہِ أمِس پٔنٕن حق۔ یہِ زَن ہُمو دۄیو شہزادیو کوٚ رمُت اوس۔ أمۍ سُنٛد یہِ جواب بوٗزِتھ گوو بادشاہ خوش تہٕ وۄنُن پَنٕہٕ نِس نیچوٚس "یہِ کیٛاہ چھے ژےٚ داناتہٕ رٕژ زنانہٕ۔ مےٚ گرِ نہٕ اَتھ کھاندرَس پیٹھ خرچاوٕ مَتۍ پٔنسہٕ ضایع۔"

اَمہِ کھاندرٕ پَتہٕ کیٛنٛہہ ؤری آو اَکھ طاقتور بادشاہ پٔنٕن فوج ہیتھ وۄتلتھ تہٕ کوٚرُن شہرَس پیٹھ قبضہٕ تہٕ بادشاہس تہٕ أمۍ سنٛدِس فوجس پھوٗ ژلُن۔ شأہی گرِ آو چھُکراونہٕ۔ بادشاہ، مٔلِکأنۍ تہٕ شہزادٕ ژٔلۍ أکِس مُلکس یِیلہِ زَن ترٛےٚ شاہزادِ پَن پٔنٕن مالُیٛن گیہِ۔ نیرنہٕ برٛ وۄنٛہہ گرِ اَمہِ رٕژِ تہٕ دانا زنانہِ، سَتھ ژوچہِ تہٕ پڑِتھ أکِس منٛز اَکھ اَکھ لال بٕرِتھ تٕجِن یِمہٕ پانس سٍتۍ۔

اَتھ دربدری دوران وأتۍ بادشاہ، مٔلِکأنۍ تہٕ شہزادٕ تَتھ مُلکس منٛز یِیتہِ یہِ داناتہٕ رٕژ شہزأدٕ روزان أس۔ لہٰذا اگٕے تم أمۍ سُنٛد گرِ تہٕ وۄنٛگھ تَس تہٕ سورُے یہِ تِمَن پٔنٕنہٕ مُلکہٕ منٛز نیرنہٕ پَتہٕ بُتھہِ آو۔ شہزادِ پھیوٚر یہِ ہُنٛد تہٕ دِژن بادشاہَس تِمو منٛز اَکھ ژوٗٹ یِمہٕ تِمہِ بناوِمٕژ آسہٕ تہٕ وۄننس زِیہِ ژوٗٹ چھےٚ وۄنۍ سبٹھاہ اتہِ نیرٕ مگر اَتھ منٛزٕ باگ لَگِھ ژٕ اَکھ لال۔ سُہ کِنہٕ زِ بازرٕ تہٕ أنۍ زِ پانس خأطرٕ ضرورتکۍ چیز مٔلی۔" بادشاہَن کوٚر شہزادِ شُکر یہِ تہٕ گوو اَمی ساعتہٕ اَمہِ جایہِ ہنٛدِس أکِس بارستہٕ سوداگرس نِش تہٕ وۄننس یہِ لال مٔلی ہیٛنٕہٕ خأطرٕ۔ سوداگرَن لٲجِس قیمتَس پیٹھ درکہٕ دَرکھ لہٰذا اوۄنُس بادشاہَن "چلو

تیٚلہِ کراکھ کأم زِمےٚ دِژ اکھ روپے پیشگی تہٕ باقٕے ہن نمہٕ بہٕ پگہہ۔

صُبحن ییٚلہِ بادشاہ گو وتہٕ سوداگرٕن ووٗنُس اَتہِ ''نیر گژھ ہُپأری چھے وتھ۔ مےٚ مہٕ کر فضوٗل بکواس لأ گتھ وقت ضایع۔ ژٕ ہوکھ چھِ یوٚت وارٕیہہ لوٗکھ یِوان تہٕ وَنان روزان زِمےٚ کوٚر یِہ تہٕ مےٚ کوٚر ہُہ تہٕ چھِ اَسہِ ہوبن لوٗگن پٔنٕنی کنٛی تارٕنی یژھان۔ مگر اَسہِ منٛز چھُ وارٕیہن باقین نِشہِ سبٛطاہ ژوٗر یاداشت۔ ژٕ کر کُنتھ مےٚ لال؟ ژٕ ہوٗ غریب انسان گژھ ہیکہِ دیانتدأر یِہ سان لال حأصِل کرِتھ؟ بہٕ زانٛہے نہٕ ژٕ۔ نیر گژھ ییٚتہِ نتہٕ پکھ مےٚ ژٕ کو پأٹھی کڈُن۔'' یِہ زأنتھ زِ یِہ گو فضوٗلے أمس تقاضہٕ کرٕن لہذا دژ اوٚیہ بدقسمت بادشاہ اَتہِ۔ ''افسوٗس! افسوٗس!'' سُہ اوس سوچان ''بہٕ کتھہٕ کنٛی گژھہٕ مٔلکہٕ، شہزادِ تہٕ شہزادِ نِشہِ یِہ جواب ہیتھ واپس؟ تمہٕ کرٕن نہٕ مےٚ پژھے۔ بہتر چھُ تِہنٛد بن شکن تہٕ شُہمن نُوی نُوی جواب ژھانڈنہٕ کھوتہٕ اَمہِ محل خانہٕ منٛز ژلنٕے تہٕ گنٕے زوٗن روزُن۔ لہذا گو بادشاہ أکِس جنگلس گن تہٕ أتی چھُ پنٕنہٕ نِس قسمتس پیٹھ ماتم کران۔

ییٚلہِ کینٛہہ کأنٛٹھہٕ گزرٕ تہٕ بادشاہ واپس پھیوٗرٕ نہٕ شہزادِ کوٚر پنٕنہٕ نِس خانہٕ دارس آلو تہٕ تمِس بیا کھژوٗٹ دِتھ ووٗنُن تَس بازر گژھتھ سُہ لال کِننہٕ خاطرٕ یُس اَتھ منٛز اوس۔ شہزادن رٔٹ ژوٗٹ تہٕ گو أمی ہے باپأرِس نِش یَس نِش أمی سُنٛد مول اوس گوٚمُت۔ أمِس تہٕ تأر أمی تِتھے پأٹھی یتھہٕ کنٛی أمی سٕنٛدِس مألِس دھوکہٕ اوسُن دِتمُت۔ أمی زوٗن زِمےٚ چھُ بہتر کُنہِ دوٗرٕے گنٕے زوٗن روزُن اَمہِ نِشہِ زِ بہٕ روزٕ تمن ستی یِمہٕ مےٚ پیٹھ ہمیشہِ شک کرٕن زِ أمی کوٚر پنٕنٕس خرد بُرد لہذا گو وییتہٕ جنگل۔ اَتہِ

سمکھ أمِس مول تہٕ ؤنن أمِس پٕنٕز یہِ دوکھہٕ ہُو ذلیل تہٕ بٕ زن زٔتس ءستِ تہٕ اوس بلکل یی سَپد مُت۔

کیٚنٛہہ ہفتہٕ گژریاے تہٕ شہزادِ سونٛچ زِ بادشاہَن تہٕ شہزادن ژٕھنٕ أسی تژ أوی تھٕے تہٕ دِژن ہشہِ ماجہِ اَکھ ژوٹ یتھ منٛز لال اوس تہٕ وٕنٛنس زِ گوھ تہٕ یہِ کٔنٛنچ کر کوٗشش۔ سیٹھاہ بدقسمتی کِنۍ پیو أمِس تہٕ یہوے بدفطرت سوداگر بُتھہِ تہٕ بلکل سَپد أمِس ءستِ تہٕ یی سو تہٕ بٔہر یایہ نہٕ شہزادِ نشہِ لال یالالہٕ کہٕ مولہٕ ورأے گوٚھنس تہٕ ژٕج جنگل کُن تہٕ تتہٕ لوٗبن پٔنن خانہٕ دار تہٕ نٔچو۔

شہزأدی رؤز کینٛژن دوہَن پژارن تہٕ اَخرس یورُن مردِ رخت تہٕ مأکٕ ءسٔندِس گُرس کھٔسِتھ پھیر سأری ہے تہٕ چھےٚ یہنٛد بے پتاہ پژھان زِ تمو ماوٗ چھ پننہِ ہمسایہِ گی منٛز کانٛہہ بٕچھہِ وُنا۔ کانٛسہِ ہیوٚک نہٕ تمِس یمَن راوِمتین ہُنٛد کانٛہہ بے پتاہ دِتھ۔ لہذا رؤز سو بژ وٗنٛہہ کُنے لمان یوٗت تانٛز سو بیٚیس مُلکس منٛز وأتِ۔ اَتیٚک بادشاہ اوس پننہِ محل خانہٕ کِس برآمدس پیٹھ پکان تہٕ پیٚیس أمِس پیٹھ نظر تہٕ آلو کٔرتھ وٕنٛنس زِ ژٕ ماکرَکھ محل خانس منٛز نوکری۔ تمہِ مون فورَن تہٕ امی وِزِ آیس اَکھ کأمادِنہٕ۔ أمی ءسنٛزِ ہونرٕ، دلنٲیی تہٕ رٕژروٗ کِنۍ میج تَس بادشاہَس نِش زیادے قدرتہٕ سہٕ اوس اکثر أمِس ءستِ کتھ کرنہٕ یا کُنہِ ذأتی یا عوأمی معاملس متعلق صلح ہیٚنہٕ خأطرٕ نادسوزان۔

سو ییٚلہِ محل خانسے منٛز روزان أس تہٕ اَکھ بٕوٚڈ اجدرا گوو مُلکس منٛز ظأہر تہٕ گٔرِن وارٕ یہہ لوٗکھ مارٕ۔ سأری ہے مُلکس بیوٚٹھ زبردست دہشت۔ کانٛہہ اَکھ اوسنہٕ پننہِ بژ لنٛدِ نبر نیرنٕک جرات کران۔ بادشاہَس پیٹھ لوکٹہِ کھوتہٕ لوکٹس نفرس اوس

دۄ ہے موت نکھہٕ تل یِوان باسان۔ اَتھ مصیبت کِس وقتس منٛز سوٗز بادشاہَن شہزادِ نادتہٕ دۄ پنٕنس مےٚ وَنتہٕ وۄنی کیاہ پزِ کرُن۔

تمہِ وۄنُس "بہٕ گژھہٕ تہٕ مارن یِہ بلاے"

بادشاہَن وۄنُس "گژھ تہٕ ہرگاہ ژٕ کامیاب گژھکھ بہٕ دِمے ژےٚ پنٕنۍ کوٗر نیتھری۔"

شہزادٕ دٕ گیہِ تہٕ موٗرن یِہ اجدَ رتہٕ یام سو یِہ خوشخبر ہیتھ واپس آیہِ تہٕ بادشاہَن کوٗرُس پنٕنہِ کورِ سٟتۍ کھاندر۔ شہزادِ ہنٛدِس (یوسہٕ بادشاہ سُند ملازم اُس) درخاسس پیٹھ ییٚمہِ یہِ وۄن زِ تَس اوس یِہ پیرن کرنہٕ خاطرِ وۄنمت پوٚ بادشاہَس اُمس خاطرِ الگ مکانہٕ بناوُن تہٕ بیاکھ پنٕنہِ کورِ خاطرِ الگ بناوُن۔ یُس مکانہٕ شہزادِ خاطرِ (یوسہٕ بادشاہ سُند زامتٕر بنٕتھ اُس) الگ اوس تتھ نکھہٕ آسہٕ زٕ وَتہٕ رلان۔ کُنہِ ساعتہٕ ییٚلہِ نہٕ تَس کانٛہہ خاص کٲم آسہِ ہے تہٕ سو اُس عمارٕ ژہنٛزِ پنجرِ دارِنش ہیتھ اَیٲرۍ پکَن والبن تماشہِ وُچھان۔ اکہِ دۄہہٕ کھیٚیہِ تمہِ وۄٹھ ہش ییٚلہِ تَس پنٕنہٕ نِس خاوند تہٕ تُمی ہنٛدِس مأَلس تہٕ ماجہِ ہنٛز ژھاے ہش گیہِ ییٚلہِ یم اَیٲرۍ پکان اُسۍ۔ تمہِ بُلٲوۍ یم اِشارٕ کرِتھ تہٕ پرٛژھنکھ زِ توٚہۍ کم چھو؟ کوٚت چھو گژھن؟ کران کیاہ چھو؟ تہٕ تموتہٕ زون یِہ چھےٚ رٕژتہٕ بیٚیہٕ چھَس ہمدردی تہٕ وۄنہَس سورُے کینٛہہ۔ تمہِ وۄ نکھ "وٕلو اَژومیون گرٕ" تہٕ پَتہٕ ییٚلہِ تم اورژاے تمہِ وۄن تمن زِ بہٕ کوسہٕ چھَس "وُچھو" تمہِ وۄ نکھ بڑ وۄنہہ کُن "بہٕ چھَس تُہنٛز شہزادٕ دٕ سےٚ اوسنہٕ پتھے زِ توہہِ سٟتۍ کیاہ سپدِ تہٕ لہٰذا بدلووےٚ رخت تہٕ دژ اِیہِ سَو توہہِ ژھانڈنہٕ۔ شُکر خدایَس کُن ییٚمۍ اُسۍ تتھہٕ کنۍ پانہٕ وأنی بیٚیہٕ سمکھاوۍ۔

توٚہی پژ ارِوشام تانی ییٚتی تہٕ پَتہٕ نیرِ بہٕ توہہِ ستی ۔ أسی وُچھون یہِ بدفطرت سوداگر۔ تُمس گرٛھہِ سزا میلُن تہٕ اَسہِ گرٛھہِ پٔنُن جاداد واپس میلُن ۔"

تمہِ دوہہِ راتھ کیٚنتھ دژ لیہِ یہِ شہزأدی، بادشاہ، مُلکہ تہٕ شہزادس ستی گرِ۔ تم پکی تیٚوٚت تیز یوٚت تمو ہیوٚک تہٕ وأتی تتھ جایہِ یتہِ سوداگر روزان اوس تہٕ تُمس دِژ کھ تہٕ دھمکی زِ أمس شخصس گوو یہِ خوف زِ بادشاہ بوزِ یہِ گتھ تہٕ دِیہِ أمس قتل کرنک حکم۔ تمی ژھُن پٔنُن سورُے داش نداش کِنتھ تہٕ دِتن یمن پنٕسہِ ۔

پَتہٕ سوٚز شہزادِ تُمس بادشاہَس شیٚچھ ییمی تَس ستی دوستانہٕ اوس لوگمُت تہٕ سمجھوُن سہ سائلم کیٚنہہ۔ معافی منگنس تہٕ کوٚرنس درخاس زِ سہ دِتن شہزادِ یعنے تمی سنزِ کورِ شہزادَس یعنے أمی ہندِس خانہٕ دارس ستی کھاندر کرنک اجازت۔ بادشاہَن مون۔ اکھتے سوٚز تمی اَکھ بارِ لشکر شہزادِ ہندِس ہیٚہرِ بابَس مدد خأطرِ یُتھ سہ واپس پٔنُن مُلک حأصل کرِ۔ پَتہٕ گوو بیٚا کھ جنگ تہٕ مُلک آو واپس زینہٕ تہٕ امہِ اوررُو دأمن تہٕ خوٚشحألی امہِ کنہ سارنے حدن حکم رأنی کران۔

(راوی: بشو بایو۔ رِنی وور، سرینگر)



# شہزادِ یَس گٔٹھ بنیاو

أ کِس مُلکس منٛز اوس اَکھ بادشاہ تیٚمِس شُراہ شَتھ زنانہٕ آسہٕ مگر نیٚچو اوسُس گُنیٚ۔ أمِس نیٚچوِس اوس بادشاہ ترٛٹھہِ شہزادِ ستی کھاندر یِژھان کرُن یوسہٕ شہزادٕ ہے ہِش خوٗبصورت آسہِ ہے تہٕ یوسہٕ تِتھِس بادشاہ سٕنز کُنی کوٗر آسہِ ہے یُس عزتہٕ کِنیٚ أمی سےٚ برابر آسہِ ہے تہٕ أمی سٕنزے یأژ زنانہٕ آسہٕ ہَن۔

تیٚمِس بادشاہَس یِہ کُنیٚ نیٚچو اوس تِمِس اوس اَکھ داناتہٕ خوٗبصورت طوطہٕ تیٚمی سٕندِس مشورَس سٕہ قدر اوس کران تہٕ مُشکل موقَن پیٹھ اوس سٕہ اکثر أمِس مدد ہوٗان۔ لہذا انوو أمی اَمہِ ساعتہٕ تہِ طوطہٕ تہٕ أمِس پننیٚ خاہش باوان ووٗنُن زِ ژٕ گژھ تہٕ ژھانڈُن مینِس نیٚچوِس خأطرٕ یِژھ زنانہٕ۔ طوطَن موٗنُس تہٕ بادشاہَس ووٗنُن زِ ژٕ گنڈ شہزادِ سُند تصویرٕ میأنہِ زنگہِ تہٕ اَمہِ پتہٕ لوٗگ وُڈنہِ۔ جلدِے ووت یِہ أ کِس ہمسایہ مُلکس منٛز یِیتہٕ سخت رۄدٕ کِنیٚ أمِس أ کِس جنگلس منٛز ٹھہرُن پیو۔ أمی کَڈ اَکھ گٔلی دَدرٕ وَنہِ تہٕ سوچُن زِ یِہ چھےٚ میأنہِ ٹھہرنہٕ خأطرٕ سارِوے کھوتہٕ آرام دیٚہہ جاے مگر یام سٕہ اَتھ دَدرِ کُن وُچھہِ ہیوٗتُن گژھُن اَتہِ آیَس اَکھ آواز ''یورمہٕ اَژ۔ ہر گاہ ژٕ یوراَژ کھتیٚلہِ گژھی ژےٚ أچھن گاشی'' اَمہِ کِنیٚ بیوٗٹھ یِہ طوطہٕ أ کِس لنٛجہِ پیٹھ یوسہٕ اَمہِ کِس گوڈس

اُس کھُرٕ ہمُت تہٕ چھُ پژاران۔ اُتھی منز دژ اَیہِ اَمہِ دَدرِ منزٕ اَکھ ہاٗرتہٕ وُژھ طوطَس کُن بۆن کُن وُچھِ تہٕ لاٗجن اُمس سٟتۍ زٕ ہتھ کتھا باتھا۔ یتھ منز اُمۍ (طوطن) اُمس تتھ پاٗغامَس متعلق وۄن یُس ہتھ یہِ دژ اُمت اوس۔ اَسہِ نَنہِ یہِ بڑ وۄنہہ کُن زِ یہُنٛد یہِ سمکھُن اوس سٟٹھے مُناسب موقس پیٹھ۔ ہاٗراُس اَکِس خۄبصورت شہزادِ ہٕنٛدِس تلاشَس منز یُس کاٗنسہِ تِتھس بڑِس بادشاہ سُنٛد کُنے نیچو آسہِ ہے یُس ژُراہ شتھ زنانہٕ آسہٕ ہَن یُتھ زِ سو پَنہٕ نِس تَس ماٗلکہٕ ہٕنٛزِ کُنے کورِ خاطرٕ مُناسب رِشتہٕ ژھانٛڈِ ہے یُس پانس تہِ ژُراہ شتھ زنانہٕ آسہٕ۔ ظاٗہر چھُ زِ طوطن وۄنُس زِ تیٚلہِ گوٚھِ یہِ اُمۍ سُنٛدُے ماٗلِک اَمُسن تہٕ تہٕنٛدی ہے ماٗلکہٕ ہٕنٛدِس کُنِس نیچوِس سٟتۍ گژھِ شہزادِ ہُنٛد رشتہٕ سَپدُن۔ طوطن ہوو ہارِ شہزادِ سُنٛد تصویر تہِ۔

اَمہِ پَتہٕ سپدی یِم دۄشوَے تُمس بادشاہ ہٕنٛدِس مُلکَس روانہٕ یَس کُنی کوٚر اُس۔ تِہنٛدِس اور واتنس پیٹھ وُچھ تِم محل خانٕکۍ اَکِ مُلاٗزِمَن تہٕ دِتُن بادشاہس یہِ اطلاع زِ تیمِس ہارِ پیٹھ ژےٚ بھروسہٕ اوسُتھ کۆرمُت تمہِ چھےٚ اَکِس طوطَس سٟتۍ واٗنٛہ تہٕ سو چھےٚ پَنہٕ نِس اُمس یارس سٟتۍ تیژٕ ناٗلی نال زِ تَس چھُ بادشاہ سلامت سُنٛد حُکم تہٕ مُشتھے گۆمُت۔ بادشاہَن ییٚلہِ یہِ بۄزٕ تمۍ دِیُت تَمی وزیرِ حُکم زِ یِم دۄشوَے جاناوار گژھَن مارنہٕ ینٛۍ۔ اُمۍ مُلاٗزِمَن اُس پَنہِ اَزرۄنہِ کِنۍ ہارِ ہٕنٛدِس کِردارس متعلق بدگویی کٔرمُت۔ ہاٗراُس یہِ زاٗنِتھ تہٕ اَمہِ کِنۍ اُس سو دربارکہِ کمرچہِ ہیرِ مہٕ دارِ کِنۍ وُچھِ بۆن وُژھمُت تہٕ اتہِ اوسُن بادشاہ سُنٛد یہِ ظاٗلمانہٕ حُکم بۄزمُت۔ "اَمہِ وۄن طوطَس کُن "نبر نیر۔ اَتہِ نیر نبر اَسۍ وُڈۄ سٟٹھاہ تھۆد یُتھ یہِنٛد بو تیر وِنشہِ بُچھتھ ہکو۔ بادشاہَس

چھکھ اَسہِ متعلق کَن بُری ہِتۍ تہٕ سہ چھُ اَسہِ ژٕ کھہِ گوٚمُت" لہٰذا اوٗ ڈے تمہ یکجا تہٕ ڈٕلی ڈٕلی سپدی تہنٛز ونظر وتہٕ تہنٛدِ پلن پایہِ نشہِ دوٗر۔ بادشاہٕ سٕندی ملازم درٛاے یمَن مارنہٕ خاطرِ اورِ یور مگر ییلہِ نہٕ تمَن کینژٕن گاٹٕنٛ ژھانٛڈ دِتھ کینہہ حاصِل آوتہٕ تمہ پھیرِ یہٕ سوٗنچتھ واپس زِ جاناوارَن چھُ کمہِ تانۍ شاہی حُکمس متعلق وۄنمُت ییمہِ کِنۍ تمہ گُنہِ محفوظ جایہِ گمتۍ چھہِ۔

کینژٕن دوہَن پتہٕ ارے تمہ یوٚت تانۍ تموٚ یہ سوچ زِ معاملہٕ آسہِ وۄنۍ مٔشن ہیوٚتمُت۔تہٕ پتہٕ آے اکہِ دوہہٕ صُبحٕے وُڈان وُڈان محل خانس منٛز تہٕ بیٹھۍ اَتہِ۔طوطہٕ بیوٚٹھ بادشاہٕ سٕندِس دوٚ چھِنس کوٚٹھس پیٹھ تہٕ ہارٕ بیٹھ تسٕندِس کھوورِس کوٚٹھس پیٹھ تہٕ وۄنہس "اَسہِ وَن ژٕ کیازِ چھکھ اَسہِ مارُن یژھان؟ اَسۍ چھِ وفادار۔یمَن لوٚکن چھُ سون اَزرٕوُن توے چھکھ اَسہِ متعلق بہتان وۄنمُت۔اے بادشاہ۔توٚہۍ وُچھو تہٕ پانے کٔرِو فأصلہٕ زِ حقیقت کیاہ چھےٚ۔اَسۍ دوٚنوٚے چھِ تمَن بادشاہَن ہٕندی یم پننہٕ بہادری، دانٲیی تہٕ دولتمند آسنہٕ کِنۍ ناماوار چھِ۔یمَن دوشوٚنۍ بادشاہَن ژٕراہ ژٕشتھ زنانہٕ چھےٚ۔اَکِس بادشاہَس چھُ اَکھ کُنے نیچوٗ تہٕ بیٚیِس چھےٚ اَکھ کُنۍ کوٗر۔یمو دوٚیو بادشاہو یوٚ دوٚے اَکھاَکِس زٕنہے تہٕ بوٗزمُت چھُ تہٕ نہ چھِ زانہہ پانہٕ وٲنۍ سمکھیمتۍ تہٕ گرِتھ تہِ چھِ پننہٕ نٔبن ژٕربن ہُنٛد رشتہٕ گنٛڈُن یژھان۔اَکھ بادشاہ چھُ ژٕ ہے کوٗر ژھاندان یژھ بیٚیِس چھےٚ تہٕ بیاکھ بادشاہ چھُ تتھےٚ لٔڑکہٕ ژھانٛڈان۔یتھ گوڈنِکس چھُ۔ بادشاہ صأب، وُچھو زِ یمَن دوٚن بادشاہَن ہٕندی نوکر چھِ توہہ بڑ وۄنہہ کُنہِ۔یہ اوس خدایہ سُند گرُن زِ اَسۍ دوٚنوٚے سمکۍ اَکھاَکِس تہنٛدِس سلطنتس نکھےٚ اَکِس جنگلس

منز تہٕ یہَے خوش خبر ہیتھ چھِ توہہِ نشہِ آمتیٖ۔" یِیلہِ یمو یہِ کلامہٕ کوٗر تہٕ طوطَن پلنوو بادشاہَس خوبصورت شہزادِ سُند تصویر۔

بادشاہ یُٗتاہ حأران سپُد تیُٗتے سپُد خوش تہِ۔ گوڈٕ بیچھے نہٕ بادشاہَس یمن جاناوارن ہنز گتھ مگر یہِ تصویر وُچھتھ سپُد مطمئن۔ اَمی رؤٹ یہِ خوبصورت تصویر تہٕ سوٗزن زنانہٕ خانس منز تہٕ وؤنُن زِ اَمی ہنزِ شُراہشتھ زنانہٕ وُچھن اُتھ تہٕ وَنَن زِ یمن چھایہِ منظوٗر رِکنہٕ نہٕ۔ کینٛہہ دوہہ گزرے۔ یہِ تصویر ووت نہٕ بادشاہَس نشہِ واپس۔ شہزأدی اُس اُتھ وُچھتھ تیٚژ متأثر سپز ہنز زِ سوٲسنہٕ اُتھ اُتھہٕ منزٕ تژ اوٲنی۔ کینٛہہ کألی ووت اور جواب زِ شہزادِ کوٗر سارِوے قبوٗل تہٕ سہٕ گژھہِ ژُلی ژُلی کھاندرٕ خأطرٕ اناونہٕ یُن تکیاہ زِ شہزأدی چھے تیٚنٛدِ مارمتہِ مَرن سٕرٕ گمٕژ۔

یانی یہِ جواب بادشاہَس ووت تٕمی دِیُت طوطس اَتہِ نیرنک اجازت۔ یتھ سہٕ پنٕنہٕ نِس مألِکس یہِ وَنہِ ہے زِ اَکھ مُناسِب شہزأدی لُب تٕمی تہٕ ووٗنی گژھہِ سہٕ پنٕنہٕ نِس نیچوس ژؤن ربتن لند راندر کھاندرٕ خأطرٕ سوزُن۔ طوطہٕ نمیُٗس سٟبٹھے احترامہٕ سان تہٕ دژاو۔

پنٕنہٕ نِس مُلکِس منز واتتھ وؤن اَمی طوطَن پنٕنہٕ اَمہِ سفرچہِ کامیأبیہِ متعلق۔ بادشاہ سپُد سیٹھاہ خوش۔ تٕمی دِیُت فورَن حُکم زِ پنٕنہٕ واجنہٕ تقریبہٕ خأطرٕ گژھَن بڈس پیمانس پیٹھ انتظام تیز کرنہٕ۔ شہزادس خأطرٕ اَسی سٟبٹھے موللی پلو اَنٛتی۔ گربن پأراونہٕ خأطرٕ اوس شاندار سامانہٕ اَنُن، سپاہَن رٕکھ اُس شاندار وَردی اَنٛتی، بیٚیہِ مختلف قسمن ہندی تحفہٕ۔ سٟبٹھے موللی لال جوہر، سٟبٹھے رُت کپُر۔ سٟبٹھے کم یاب موہ، کأنی دروٗ گ

مصالحہٕ تہٕ عٕطر اُس اَنٛنۍ۔ پڑٕ بتھ کانٛہہ چیز آو یاد کرِتھ منگناونہٕ ۄلی ۄلی گنٛدرے ہم رٕبتھ۔ تیاٗرین تہٕ سٔرٕ کرنَس منٛز تۄرنہٕ فکرے زِ وَقت کیاٗرک دڑاو۔ وۄنی اُس شہزادٕ ہٕشدِس روانہٕ سپدنَس بَس کینٛہہ دۄہے رۄدی مٕتی زِ افسۄس! تَسُند مول گوو بمار تہٕ گُزریاو۔ یہِ اُس اَکھ کرٕ ہٕٹھ ازمایِش اَکھ ووکھہٕ موۄٕسی۔ شہزادَس پیوٚ نیرُن مُلتوی کرُن تِکیازِ اُمی سُند اَمہِ ساعتہٕ نیرُن گیٛاو ماٗلس نِسبت اُمی سُند احترام نہٕ اٗسُن۔ توے تہِ کۄرُمی نیرنَس ٹھہٕراوٕ ے۔

یانٛی وۄنی اُمی ہٕشدِس ماٗلی ہٕشدی ماتم داٗری ہٕشدی دوہہ گُزریاے تہٕ شہزادٕ سپُد روانہٕ۔ طوطن ہاٗوِس وَتھ۔ یہِ اوس نہٕ زیادٕ دۄر منٛزِل یٚیمہِ کِنی کھاندرٕ والین ہٕنٛز یہِ جماعت جلدٕ ے شہزادِ ہٕشدِس مُلکس منٛز واٗتٕ۔ شہزادَن لاٗگی محل خانس نکھے اَکس باغس منٛز خیمہٕ۔ ہرگاہ تَس پَے آسہِ ہے سُہ اَتِہٕ ہے نہٕ زانٛہہ اَتھ باغس منٛز تِکیازِ اَتہٕ مۄد اُمی سُند یہِ طوطہٕ۔ یہِ وفادار جانور ژھُن باغوانَن یٚیمہِ وَجہِ کِنی بندوق کہِ ٹاسہٕ سٟتی ماٗرِتھ زِ اُمی اُسی اَتہِ بادشاہ ہٕشد بن گُلمن ہٕشدی کھٕژٕ ردٕ اٗرِتھ دِتی مٕتی۔ شہزادَس تٟتھے یہِ مصیبت پیوٚ تہٕ اُتھی سٟتی بۄزُن زِ شہزادِ ہٕشدی ماٗلی کۄر تَسُند کھاندر اُمِس سٟتی کرنَس انکار تِکیازِ اُمِس اوس وۄنی مول گُزریومُت۔

شہزادٕ ہٕشدِ اَتھ باغس منٛز ڈیرٕ ترٛاونہٕ پَتہٕ کینٛہہ دۄہی دڑاِیہِ شہزاٗدی ڈولہِ منٛز چکرس زِ اتفاقَن دڑاِیہِ سو اَپاٗرک تہٕ باغس کُن نظر پٮ۪تھ پڑٕ زِ نوۄن اَتہِ سُہ شہزادٕ تِکیازِ اُمِس نِش اوس اُمی سُند تصویر۔ اَمہِ وِزِ وۄن نہٕ اَمہِ کِہنی مگر اَمی ساعتہٕ پھِرناٗون ڈۄلی واپَس تہٕ گیہِ واپس محل خانہٕ۔ تَمہِ اوس پٔنُن معشوق وُچھمُت۔ اَتہِ پٮ۪ٹھے ہیٚرٕ ن سہ

وۄنۍ ژھیکھ سپدنۍ۔ تمہِ دوہہٕ کالچس کھوٚ تمہِ نصفہٕ کھمن تہٕ باقے نصف سوزُن تصویرس ستۍ ہیتھ شہزادَس۔ تمہِ وۄن پننہِ دایہِ زِ سو گرِ شہزادَس یہِ کھنہٕ خاطرٕ زارٕ پارٕ تہٕ وۄنۍ ہرگاہ سُہ یہِ مانہِ نہٕ توتہِ ۄنۍ زبس اَتھ منٛز پننۍ اۆنگج تڑ اوٚنۍ۔ دایہِ مون یہِ۔ شہزادَن مون نہٕ یہِ کھیوٚن مگر پننہِ اۆنگجہِ بتہٕ بانس منٛز تڑ اوٚنس اوس نہٕ تَس کانٛہہ اعتراض۔ یہِ کرنَس دوران وُچھ اَمۍ اَتہِ بتَس منٛزٕ باگ پُٹن تصویر۔ تُمۍ وۄن پانسے ستۍ ''سو چھےٚ مےٚ محبت کران'' تہٕ پننۍ اَتھہِ ووتھرِتھ لیچھ تُمۍ شہزادِ چٹھی تہٕ سوٗزنس یہِ دایہِ اَتھہِ۔ شہزادِ ییلہِ یہِ چِٹھی پٔرتہٕ سو سپز شہزادَس سمکھنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ بےقرار۔ نصف رأژ کیٛتھ دِیُت تمہِ پُٹن گُر تیار کرنک حُکم تہٕ کینٛہہ اشرفی ہن ہنٛدی ٹھیلہٕ ستۍ ہیتھ وأژ سو گُرِس پیٹھ تَتھ باغس منٛز ییتہِ شہزادٕ ٹھٔہرِتھ اوس۔ شہزادٕ سپُد تَس وُچھِتھ حأران۔ تمہِ وۄنُس ''حأران مَہ گژھ۔ مےٚ چھُ چون تاشوق تہٕ توٚے چھُس ژےٚ نِش ژٔلِتھ آمٕژ۔ بادشاہ یعنے میٛون مول مانہِ نہٕ سون یہِ کھاندر کرُن۔ پکھ کھَس پننہٕ نِس گُرِس تہٕ أسۍ ژٔلو چانِس مُلکس۔ تَتہِ ہیکہِ نہٕ اَسہِ کانٛہہ زَربروأتِتھ۔''

اَمے ساعتہٕ دژاے یِم دۄن وَے سیٹھاہے تیز گُربن پیٹھ سوار سپدِتھ تَتھ بجہِ سڑکہِ پیٹھ یوسہٕ شہرٕ نبر أس گژھان۔ کینٛژن گأنٛٹن رُۆدۍ یِم اَمے تیز رفتارٕ دوران تہٕ پَتہٕ پیٛٹھی أکِس گُلِس تَل تھکھ دِتھ۔ ییٛلہٕ دوہہٕ صُبحأے دژاے یِم تازٕ دَم سپدِتھ تہٕ طاقتہٕ سان بڑونٛہہ گُن پننہٕ نِس سفرس پیٹھ۔ تِم أسۍ نہٕ وُنہِ زیادٕ دوٗر روأتۍ مِتۍ زِ تِمن سمکھی سَتھ ڈاکو یِم پننہٕ نِبن گُربن پیٹھ سوار أسۍ۔ شہزادَن وۄنُس ''أسۍ ہکوٚ نہٕ یِمن پوٗشتھ تہٕ اَسہِ پزِ ژٔلُن۔'' اَتھ ستۍ کوٚر یِمو دۄنوے پننہٕ نِبن گُربن چھانٛٹہٕ تہٕ سیٹھاہے تیز

رفتارٕ سان دڑاے بڑ وٚنھہ کُن۔ مگر ڈاکوتہٕ اُسی زبردست سوار تہٕ گُری تہٕ اُسکھ تاز دَم۔ شہزادَن وٚنُس کرِتھ دِتھ ''یہِ گو وٲلۍ۔ ژٕ وُچھ یمو ییٚتۍ اُسی رٹنۍ۔ اُسی کیاہ کرو؟''

شہزادِ وٚنُس ''تیلہِ پزِ اَسہِ یمن مقابلہٕ کرُن۔'' تہٕ یِلی وَنان پھیر سوزِنۍ پتھ پَتھ کُن تہٕ لوِیُن یمن کُن اَکھ تیر پَتہٕ بیا کھ پَتہٕ بیا کھ یوٚت تانۍ تمہِ سَتھ تیر چلاوِک تہِ ستہٕ وَے ڈاکو مأری۔

(خدایس کُن) شکرانہٕ کرِتھ تھوو یمو خوش پأٹھی سفر جأری تہٕ تمہِ دوہہ شامَس کیٚتھ وأتۍ اُکِس گامَس منز ییٚتہٕ اَکھ دیوٚنۍ اُس روزان ییٚمس اَکھ نیٚچو اوس تہٕ ییٚمس اوٚ ڈُے جسم اوس۔ شہزادٕ تہٕ شہزأدی ٹھہرے اُتھی گامَس منز اُکِس تلاوس نِش۔ تم ییٚلہِ شوٚنگتھ اُسی تہٕ دیوٚنہِ وٚن پننِس نیٚچوس زِ ژٕ گژھ وٕلی وٕلی تہٕ ژٕھٕن شہزادِ مأرِتھ تہٕ پَتہٕ اَنُن شہزأدی تہٕ گُری تہٕ بیٚیہٕ تہُند خزانہٕ گرٕ۔

یہِ بدذات گو وتہٕ اوس خوٗن کرنہٕ خأطرٕ خوش۔ تتھے اُمی یہِ ظأُلم کأم کرُ زِ شہزأدی گیہِ ہُشیار۔ اوٕر یور دِژِن نظر تہٕ اَتہِ وُچھن پننِس معشوق سٕنز لاش تہٕ انتہأیی بدصورت شکلہِ ہُند نفرا اَتھ پیٹھ ووٕدِنۍ۔ تمہِ ترٛ وو اَسُن تہٕ وٚنُس ''یہِ چھس سبٹھاہ خوش زِ ژٕے مور تھٕن یہِ۔ پگہہ نہٕ مےٚ تہٕ بناوُم پننۍ آشنۍ۔ وٚل گوو گوڈ دفناوُن ژٕ یہِ لاش تہٕ پَتہٕ نیرو اُسی۔ اُمی کھٕنۍ وٕلی وٕلی قبر تہٕ وٚنُن شہزادِ پگہہ دِژِ اَتھ نظر۔ ''واریہہ لو کٕٹ'' تمہِ وٚنُس ''دسُنۍ پہن کھٕنُن''۔ اُمی شخصَن کھٕنۍ بیٚیہٕ فُٹ کھنٛڈ۔ اَمہِ وٚنُس ''وُنہِ چھےٚ واریہہ لو کٕٹ'' پَتہٕ کھٕنۍ اُمی بیٚیہٕ کھٕجِ تہٕ سُنۍ تہٕ ییٚلہِ سہٕ اَتھ کامہِ ستۍ یوٚن کُن نِمتھ اوس شہزادِ ژٕ اُمی سٕنز سو شمشیر یوسہِ اُتی پتھر اُس تہٕ ژٕٹُنس گلہٕ ہیر۔ ییٚلہِ تمہِ

پٔتِن انتقام پوٗرٕ کوٚرتہٕ پتہٕ ووٗتھس دوراپہٕ اوٗش۔ أمۍ سُند معشوق اوس گوٚر یومُت۔ تَمہِ تۍ یہِ لاش تہٕ واتناوِن یہِ تلاوس نگہٕ تہٕ أتی اَتھ لٔرِ بِہتھ لوگُن وَدُن تہٕ رِژن۔ یہِ اوس تٔسندِ خاطرٕ سخت دوکھہٕ ہوٚت وقت۔ ہاے بہٕ کیاہ زِ موٗیس نہٕ۔

سو یێلہِ وَدان أس اَمہِ وِزِ دزٕلیہٕ أکِس سبٕٹھے پاکباز شخصہٕ سٕنز زنانہٕ اَپأرِ کِنۍ یُس أتھی گامس منٛز روزان اوس۔ أمِس اَتھ دوکھس منٛز ڈیشتھ رُکیہٕ سو تہٕ پرٛژھنس زِ کیاہ دٔلیل چھےٚ؟ شہزادِ ہووُس مێتس کُن تہٕ ووٗنُس سورُے کینٛہہ۔ اَمہِ زنانہِ ووٗنُس "صبر کر۔ ممکن چھُ بہٕ ماہکے ژٕے مدد کٔرتھ۔ ژٕے پیٛأرِ زِ یێتی یوٚت تانٛ بہٕ واپس یِمَے۔"

اَمہِ دوہہٕ شامس بأگ گرٕ وأتتھ ووٗن اَمہِ زنانہِ پنٕنِس خانہٕ دارس شہزادِ ہُنٛد یہِ سورُے مصیبت تہٕ کوٚرُن أمِس زارٕ پارٕ زِ ژٕ کرتن شہزادِ دُبارٕ زِندٕ۔"" افسوٗس! افسوٗس"" أمۍ پاکبازَن ووٗن "واے یہِ جاے أس أمِس دیٛوِنہٕ تہٕ تٔمۍ ہٕندِس ووکھہٕ نیٛچوس زِنہِ پاک! یێکیاہ بہٕ گژھہٕ تہٕ شہزادِ دُبارٕ زِندٕ کٔرتھ واتاوٕ بہٕ شہزادِ راحت۔ سُہ سٔپُد روانہٕ تہٕ دٔچھِن اَتہٕ شہزأدِ سبٕٹھے بےتأبی سان تَمہِ مدتچہِ خوشخبرٕ پرٛاران تیٛچ تَس صُبحأے آش أس دِنہٕ آمژٕ أمۍ رٔتی شُخصَن ووٗنُس "مے چھےٚ چانہِ حالچ پَے تہٕ توٚے چھسے بہٕ ژٕے مدد کرنہٕ آمُت۔ بہٕ دِمہٕ نے ژٕے واپس پٔتِن شہزادِ"۔ پَتہٕ تُل أمۍ اکہِ اَتھہٕ أمِس لاشہِ ہُنٛد کلہٕ تہٕ دوٗیمہِ اَتھہٕ روٗٹُن أمۍ سُند جسم تہٕ تھأوِن اَکھ أکِس سٕتۍ چیرٕ سان۔ یِم زٕ حصہٕ رَلے پانہٕ وأنۍ۔ اَتھ شێلیمٕ لاشہِ ژاو دُبارٕ زُو۔ تانٛو ہێژٕ حرکت کٔرِنۍ، أچھ آیہٕ مُژراونہٕ، وُٹھن گوس تُلہٕ تژٕ اوتہٕ نٕوِ ہێژٕ کتھہٕ کرنہٕ۔ یێلہِ شہزادِ یہِ وُچھ

تَس رٔ دنہٕ پانس تانٛ سوآیہِ ہکہٕ بڑ وٲنٛتھ کُن تہٕ پییہِ شہزادِ ہٕنٛدِس سینس پیٹھ تہٕ خوشی منٛز ژھچن وَدَن باکہٕ۔ یہِ اوس انتہائی خوشی ہُنٛد ساعت تہٕ ہُہ پاکباز شخص تہٕ اوس نہٕ ہیٚو تر ییٚو منٛز کم خوش تیمی یہِ کأم اُس کرٕمژٕ۔

اَمہِ رأژ گوو شہزادِ تہٕ شہزأدی بیٚنس جایہِ۔ اَتہِ اُس شہزادِ ہنٛز زندگی کأنٛہ خطرس منٛز۔ اَتہِ اُس اَکھ جودوگرِنی بسان تیٚمس اَکھ کوٗر اُس تمہِ ییٚلہِ شہزادِ وُچھ تہٕ یوٚ ژھُن زِ سو کرِ ہے اَمی سےٚ ہتی۔ اَمہِ مو کھہٕ بنووا مہِ یہِ منصوٗبہٕ۔ تمہِ مأنٛز رأ دموج زِ سو اَنہِ شہزادَس تہٕ شہزادِ گرِ تہٕ شہزادِ ییٚلہِ اَتہِ کمرن نظر اوس دِوان تمہِ تژ اُوأمِس گرِ دنی اَکھ رَز ییٚمہِ ہتی تَس کھٕ بنیاو۔ دوہَس اوس یہِ گٹھ تسی پتہٕ پَتہٕ پکان سو یوٚت تہٕ گرِ ھان اُس توٚت تہٕ راتھ کیٚتھ تیٚتھے اَمِس گردنہِ منٛز رَز اَسی کڈان تہٕ یہِ اوس واپس شہزادِ بنان تہٕ تَس ہتی شونگان۔ یِتھہٕ کٕنٛز گزرے کینٛہہ دوہ۔ شہزأدی اُس بڈٕ پریشان۔ تَس اوسنہٕ فِکرے تران زِ یہِ کیاہ ذلیل چھے۔ کُنہٕ وِزِ اُس سو سونچان زِ کمی منسأوِس یہٕ تہٕ منٛزی اُس سوچان زِ سُہ چھکھ مأرِتھ ژھنمُت۔ اُخرس ہیوٚ کنہٕ تمہِ یہِ برداشت کرِتھ تہٕ پأرُن مَردٕ رخت تہٕ گییہِ تمہِ مُلکہٕ کس بادشاہَس نشہِ تہٕ منٛگنس نوکری۔ بادشاہ گو وأمی سُنٛد کلامہٕ تہٕ شکل وصورت وُچھِتھ خوش تہٕ بنأوُن یہِ پننٛز اَکھ کوتوال۔ شہزأدی گییہِ اَتھ نوکری پیٹھ زیادَے خوش۔ یہِ اوس بلکل تی یہِ سو یژھان اُس تکیا زِ اَتھ عہدس پیٹھ رٔ زِتھ ہیکہٕ ہے سو زیادٕ جان پأٹھی شہزادس ژھأنڈِتھ۔ واریہَن گرَن ہنٛدی واریہہ بِر اَسی کوتوالَس پَے لگان تہٕ سورِے پوٗلیس اوس اَمِس تابع آسان تہٕ فورَن اَمی سُنٛد وَنُن مانان۔ کوتوالَس اوس صرف کأنٛسہِ نفرِ سُنٛد قدتہٕ حُلیہِ وَنُن آسان تہٕ پُلسَس یُتھ شخص ژھانڈنہٕ

خأطرٕ وٕنتھ اوس پۆرٕ مُلکَس توٚت تانٛ ژھونڈِیوان دِنہٕ یوٚت تانٛ سُہ شخص میلہِ ہے۔ تہٕ گٔرِتھ تہِ ہیوٚ کنہٕ شہزادِ شہزادَس متعلق کینٛہہ معلوٗم سپدِتھ حالانکہِ تَس تِتھیاو زِ یَتھ گرس منٛز شہزادِ تہٕ سو روٗ دی ٕتی أسی سُہ اوس أ َکس جودوگرنہِ ہُنٛد۔ سو روٗز برابر اَتھ گرس منٛز یِوان تہٕ أس اَتہِ کٔٹس اورٕ یور کران وُچھان مگر یہِ اوسُس نہٕ پتاہ زِیوٚ ہے چھُ شہزادِ یُس أمی سُنٛد معشوق اوس تہٕ جودوگرنہِ ہٕنٛزِ کورِ أس أمِس شکل بدلأوٕمٕژ۔ کوتوالس تہٕ أمِس کورِ گٔیہِ پانہٕ وأنٛی زبردست دوستی۔ تہٕ کورِ اوس کوتوال پٔزی کٔنٛز مردٕ باسان۔ تَس گٔیہِ کوتوالہٕ سٕنٛز سخت مالَے تہٕ دِژ نَس واریہہ تحفہٕ یَتھ منٛز سبٕٹھے مأرٕ موٚنٛد اَکھ کپٕر ٹُکرٕ تہِ اوس یُتھ نہٕ زانٛہہ تہِ اوٗت تانٛ کأنٛسہِ وُچھمُت آسہِ ہے۔

أسی وُچھو بٕڑ وٕنٛہہ گُن زِ اَتھ خوبصورت کپٕر ٹُکرَس کیٛاہ اوس شہزادِ ہٕنٛدِس مستقبلس سٕتی واٹھ بنان۔ اکہِ دوٕہہ صُبحأے دراو محل خانٛک اَکھ ملأزِم تمہِ دارِ کٔنٛز یَتھ بٕڑ وٕنٛہہ گنہِ کوتوالَن اَمہِ کپٕر ٹُکرٕچ اَکھ چھلا الأنٛزٕ أس ترٛأوٕمٕژ۔ سُہ گو وامیک رنٛگ تہٕ بناوٹ وُچِھتھ روٗزِتھ ہیوٗ تہٕ محل خانس منٛز واپس وأتِتھ سمکھیاو مٔلکانہِ تہٕ وٕنٛنس یہِ أمی وُچھمُت اوس۔ مٔلکانہِ گو وسخت شوق زِسو تہِ اَنہِ ہے یُتھ گُپر لہٰذا گٔیہِ بادشاہَس نِش تہٕ وٕنٛنَس ژٕ دَنتہٕ کوتوالَس زِسُہ اَنہِ ہے یہٕ تسٕنٛدِ خأطرٕ۔ بادشاہَن کوٚریٖ تہٕ کوتوالَن سوٗز سوسأرٕے کپٕر ہَن أمی سٕے یُس تَس اوس۔ مٔلکانہِ ییٚلہِ یہِ وُچھ تَس گوو یہِ تیوٗت خوش زِ تمہِ ژٕجِ نہٕ بادشاہَس تھپٕھے زِسُہ اناوِ ہے بییہِ تہِ یہوٕ گُپر۔

بادشاہَن ییٚلہِ مٔلکانہِ ہٕنٛدِ اَمہِ حُکمُک کوتوالَس وٕنٛن تہٕ تٔمی وٕنٛنُس درجواب ''چھُ تہٕ یہِ مُشکلے مگر بٕ کرِ تہٕٕنٛز یہِ خأہش پۆرٕ کرنٕچ کوٗشش۔'' بادشاہَس نِشہِ نیرِتھ گٔیہِ

سوٗسیوٚ دُے جودوگرنہٕ ہُنٛد گرٕ تہٕ پزٕ ژھٔنس زِتس گتہِ بَنہٕ بیٚیہِ یہ گیُر۔

افسوٗس! ئہ ہیکہٕ نہٕ ژےٚ مدد کرِتھ۔" جودوگرنہٕ وۄنُس "میٚون بوے یُس اَکھ جودوگر چھُ سُہ گوو سبٹھاہ بڑ وٚنٛٹھ اۍ کس دوٗر دارز مُلکس تہٕ تمی اوس مےٚ یہ گیُر سوٗزمُت۔"

"اِدٕ تیٚلہِ لیکھ کٔر سے تہٕ وَنُس بیٚیہِ تِتھے گیُر سوزنہٕ خاطرٕ" کوتوالن وۄنُس۔

جودوگرنہٕ وۄنُس "ئہ ہیکہٕ نہٕ تہٕ کٔرِتھ۔ تٔمی چھُ تتہِ پزٕ بتھ کانٛہہ انسان مورمُت تہٕ تتھ مُلکس منٛز چھِ وۄنی لتس ورأے صرف سہہ روزان۔ میٚون بوے چھُ یِمن سہَن اَکہِ قسمک گاسہٕ تہٕ اَدِتھ اَڈٕ یےٚڈ تھاوان یَنہٕ یِمن خوش چھُ کران۔ اَمہِ کِنی یِیلہِ کانٛہہ تہِ شخص اورکُن گژھان چھُ تہٕ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ سہہ چھُ کُنہِ گنٛزرِ منٛزٕ یاپٕلہٕ پٔتہٕ کِنی نیٚرِتھ یِوان تہٕ تِھس مأرِتھ ژٕھنان۔ واریٚہہ مُہم جوشخص چھِ تِتھہٕ کِنی مارٕ سپدِ مٕتی۔ ئہ کتھہٕ کِنی سوزَن کانٛہہ۔ ئہ چھس نہٕ کانٛہہ تہِ نفر یژھہِ خطرناک کامہِ سوزُنس بٔہران۔"

کوتوالن وۄنُس "اَچھا مےٚ وَن چون بوے کتہِ چھُ روزان تہٕ ئہ گژھہٕ پانٕے۔ تہِ کیازِ مےٚ چھُ ضروٗری گژھُن نتہٕ ژٕھنہِ مےٚ بادشاہ مأرِتھ۔ یوٚت تانی نہٕ ئہ یہِ گیُر اَنہٕ توٚت تانی چھس نہٕ ئہ یِیتہِ محفوٗظ۔ ئہ ہیکہٕ نہٕ یِیتہِ وۄنی دوہ تہِ کڈِتھ۔ لہٰذا وَن مےٚ زِ چون بوے کتہِ چھُ روزان تہٕ ئہ گژھہٕ تہٕ سمکھہٕ تِمس۔"

"ٹھہر" جودوگرنہٕ وۄنُس "چونکہِ ژےٚ چھے یہِ حالت توے پزِ مےٚ ژےٚ مدد کرٕنۍ۔ مےٚ چھُ یِیتہِ اَکھ لوکُٹ کترِ بانہٕ یتھ منٛز میأنس بأے سُنٛد زو چھُ۔ یوٚت تانی

یہ بانہٕ مےٚ نِش محفوٗظ چھُو توٚت تانی چھُ نہٕ ٹھیک مگر یام یہ پھُٹہٕ، سہٕ تہٕ پھُٹہٕ (یعنے مرِ ) وۄں گوٚو یہٕ پھُٹرن یہٕ تکیا زِ میٲنی کوٗرِ چھےٚ ژےٚ محبت کران'' یِی ونان ٹھاسُو تمہٕ یہٕ بانہٕ پتھرِس۔ ''نیر گرٕ ھ وۄنی کھوژنہٕ ورأ ے۔ یِہہ کھمن وۄنی گاسہٕ یایہٕ کیٛژھا تم یرٕ ھَن تہٕ تمَن پیٛیہٕ تہٕ پزٕ بتھ کانْہہ سہٕ انسان مارنک ضرورت یُس یمَن نکھہٕ گوٗھہٕ۔ گرٕ ھ وۄنی ژٕ وارِ کارِ۔''

جودوگرنہٕ اوسنہٕ رَژھ تہٕ یہٕ پتاہ زِ کوتوال کیٛاہ اوس شہزأدی یُس شہزادَس ستۍ گنٛڈِتھ اوس یُس أمۍ سٕتزٕ کورِ کھٕ اوس بنوومُت۔

دۄیمہٕ دوہہٕ صُبحس بادشاہَس روخصت ہیتھ دژ او کوتوال سپاہَن ہتزٕ اَکھ لو کٕٹے جماتھ ستۍ ہیتھ۔ اَتھ مُلکس منزٕ وأتِتھ ژھونڈ تہٕ لوٗب تمہٕ جلدٕ ے جودوگر سُند مکانہٕ تہٕ تتھہٕ کنٛی لڈ ازٕ ے چھُ زِ اَتہٕ أسۍ کیٛر کر ڈیر، بیٛیہٕ أس اَتہٕ باقے تہٕ وارِیہہ خزانہٕ۔ کوتوالَن ژُل یہٕ سورُ ے کیٛنْہہ تہٕ دراو جلدٕ ے واپَس بادشاہَس نِش۔ بادشاہ سپُد اَمہٕ مُہمہٕ ہتزِ کامیأبیہٕ پیٛٹھ تیوٗت خوش زِ تمۍ دِژ کوتوالس سٕتھاہ زیادٕ تحفہٕ تہٕ بنووُن سہٕ پنُن وارث۔

کیٛنْہہ وٕری گوٚرےٚ۔ یہٕ بُزرگ بادشاہ گُزریاو تہٕ کوتوالَن لٲج حکوٗمت کرٕنی۔ تَس گوٚو یہٕ ظوٗن ہیوٗ زِ شہزادَس ستۍ کیٛاہ آسہٕ سپُدمُت لہٰذا دِتُن حُکم زِ شہرٕ کہ سأری گٕتھ سوٚمبرأوِتھ انیوٗ کھ یم مےٚ برٕ وٗنْہہ کُن۔ سأری گٕتھ آیہٕ أکۍ ہے جایہٕ سوٚمبرأوِتھ اَننہٕ تہٕ تمہٕ لوگ پانہٕ یمَن معاینہٕ کرُن تہٕ پانہٕ أس تمَن ستۍ اکہٕ اکہٕ کتھ کران مگر کانْہہ تہٕ کٹٕن تھووُنہٕ أمۍ سٕتزٕ کتھہِ ظوٗن تہٕ سہٕ پزٕ زنووأمی کانْہہ۔ پتہٕ دُنیت

تَمہِ پُلسس حُکم زِ توٚہی گڈھو تہٕ وارٕ گرِ وسٕر کھٕر زِ کانٛسہِ ماچھےٚ اَمی ہٕنٛدِس حُکمس عدولی گرٕمُت۔ کینٛہہ پُلسہٕ واٗلی گےٚ جوددوگرنہِ ہُنٛد گرٕ تہٕ اَتہِ وُچھکھ زِ تَمہِ اوس نہٕ پَنٕن گُھ سوٗ زمُت۔ تَموٚ گرٕ اٗمس کٕنٛس رَزِ تھچھ تہٕ لوٗگُکھ یہِ بادشاہَس نِش پکناوُن۔ جوددوگرنہِ کرے یہِ سخت کوٗشش زِ سو رَٹہِ ہے جادوٗ لی رَز مگر چَلیاس نہٕ کینٛہہ۔ پُلسَن دِتُس نہٕ اَمیک اجازت۔ تَم درائے تہٕ کٕٹس چھِہ رَز زِ گنٛڈِتھ پکناوان۔ بادشاہَن وُچھ تَم یِوان تہٕ گیہِ بڑوٚنہہ پَہَن تَمَن سمکھنہٕ تہٕ سَپُد کَیاہ! اچانک آیہِ رَز ژھیٚنٛتھ تہٕ جوان تہٕ خوٗبصورت شہزادٕ اوس تَس برٚوٚنہہ کَنہِ استادٕ۔ تَمہِ وَوٚن ''پُزٕ کٔنہ چھےٚ یہِ جوددوگرٕنی سبٹھاہ بدخصلت زنانہٕ۔ یٔہ زنانہٕ گرٕھہِ نہٕ زِنٛدٕ روزٕنی۔ لہٰذا گرٕھہِ پگہہ صُبحاے پھٕہہ دِنہٕ تہٕ تہٕ پَتھ روٗ دشہزادٕ یہِ اَنیوٗن محل خانس منٛز۔''

باتہِ ڈٔلیل تَرِ پانٔے سہَل پٲٹھی فِکرِ۔ شہزادِ (بادشاہَن) وٗنی پَنٕنی اصلیت۔ تَمہِ بُلاوِ سارٕی لوٗکھ تہٕ وٗنٛکھ تہٕ پٲٹھی ''یُوٗ زِ ولوٗکو۔ تُہنٛز بادشاہ چھےٚ اَکھ زنانہٕ۔ تہٕ یہِ شہزادٕ لبنہٕ خاطرٕ اوس مےٚ پَنٕن رخت بدلوومُت۔ یہِ مقصد سپُد مےٚ وٗنی پوٗرٕ۔ یِیمہِ یِپور مأنیوٗن توٚہی میوٗن خانہٕ دارپَنٕن بادشاہ تہٕ یہِ اَمی ہٕنٛز مُلکانٔی۔'' لوٗکو کوٚر زور زورٕ اَتھ اقرار تہٕ کٔر یکھ خوٗشیہِ پَتہٕ روٗ دِ سارٕی اَمہِ پَتہٕ خوٗش گُزران۔

(راوی: شوبا یو۔ رٕنی وور سرینگر)



# سعید تہٕ سید

یہِ اوس اَکھ غریب گاٗمی نفرا یُس زِیُٛن ژٕٹتھ تہٕ کِنتھ مَسامَسا گُزارٕ اوس کران۔ سُہ اوس سُلہِ صُبحاٗے زِیُٛن ژٹان تہٕ اَتھ گیٚجہِ گنڈان تہٕ شامَس باٗگی اوس نگھہٕ تلہٕ کَس بازرَس منٛز گوٗہِتھ یہِ کِنان۔ اٗمس غریبَس سیٚد کھاندر تہٕ زاس زٕ نیچوی۔ بٔڈِس ہوِس تھوٗن ناو سعید تہٕ بێیِس ہوِس سید۔ یم شُری اٗسی معصوٗمے زِ موج گیگھ مُرِتھ تہٕ یہنٛدی ماٗلی کوٚر دُبارٕ نتھر۔

اٗمی ہنٛز یہِ دوٚیم زنانہٕ اَس گوڈنیچہِ نشہِ ژٕرے ہکتہٕ وانٛجی۔ اکہِ دوہہٕ وٕنن اَمہِ خانہٕ دارَس "ژٕ کیاز چھکھ نہٕ مےٚ تہٕ پنٕنہٕ نِمن نیچوٚبن ونان زِ اٗسی گر ہوے ژٔنے زِیُٛن سوٚمبراوُنَس منٛز مدد؟ اٗسی چھِ مُفلسی ہنٛز زندگی گُزاران تہٕ ہرگاہ یہٕ تہٕ یم گُڈٕ زٕ کاٗم گرَن اٗسی ہکو زیادٕ پٔنسہٕ زِ نتھ تہٕ تمہِ کھوتہٕ روزو زیادٕ جان پاٗٹھی تہٕ پاٗٹھی وُنی کمن روزان چھِ۔"

اٗمی نفرَن وُنُس "اَدٕ ٹھیک چھُ۔"

لہٰذا اٗسی وُنی یم ژٕونوے دوہے جنگل گژھان تہٕ اٗسی تتھٕ کنٛز محنتہٕ سان کامہِ ہن کران زِ کینژَن رتَن منٛز اوس وُنی یمَن کینژٕ ھاپتھ پَلہِ تہٕ گوٚمُت تہٕ بێیہِ

اوسُکھ سبٹھاہ زِیُن تہٕ سوٚمبرِ تھ تھوومُت یُتھ یمَن پوٚر وندس گزارِ پگہٕ ہے۔ یہٕ زُیُن تھوویمو پنہٕ نِس مکانس نگھے بڈٕ بن بڈٕ بن چٹُن۔

زِیُن چٹُن تھاونہٕ پتہٕ کینژہ دۄہ لوگُن سخت رۄد تہٕ تڑےٚ وَتہٕ گژھ اسی اَتھ دوران امے جنگلہٕ کنہ پکان تہٕ اسی اَکس بڈِس گُلی دَدرِ منز ژھبد نِس۔ رۄدِ کنۍ اُسی سخت ترۄ ژھمرٕ لہٰذا اتُھل یموٚ وَتہٕ گنو تمہٕ زِنہٕ منزٕ اوٚ ڈایُس زِنی مزۄرَن سوٚمبرُ مُت اوس تہٕ زولُکھ بوٚ ڈالاو۔ برابر دۄن دۄہَن رۄد یم اَتی تہٕ برابر یتِس کالس تھووُکھ یہٕ بوٚزٕ نارِ الاو دَزۄن یُتھ زِ اَتہِ موکلیاوالہٕ پلہٕ یہِ سائلم زیُن۔ یام رۄد َس تھکھ ہیٚ گو وتہٕ تم دژ اے برٕ وۄنہہ گُن سفرس۔ زِنی مزۄرتہٕ گووپنہٕ نِس زِنس نظر دِنہٕ۔ سُہ سپُد سخت مغموم ییلہٕ نہٕ تُمی اَتہِ سوٚرِ ڈیر وژ اَےَ کہنہٕ تہٕ وُچھ۔ اَمی ساعتہٕ وأ ژ اَمی ہنزٕ زنانہٕ تہٕ نیچوی زِتہٕ اور۔

''یہٕ چھنہٕ خدا صأبنۍ مرضی زِ اسی کَرَو ترقی'' اَمی وۄن یمَن کُن ''اسی کیاہ کرو؟ کِرتھ کیاہ ہیکو؟'' تہٕ یی ونان ڈول اَمی وۄشا تژ اَ وِتھ پٹُن عاصہٕ اَمہِ سوٚرٕ منزٕ ی۔

''ہُہ کیاہ؟'' اَمی ہنزٕ زنانہٕ وۄن کتھہ تانۍ چیزَس متعلق یُس سوٚرس منزٕ چمکان تہٕ تابان اوس۔ ''آ۔ ژ وُچھ۔ یہٕ کیاہ؟ ژ وُچھ ہُپأرک تہٕ تہٕ ہُپأرک تہٕ!''

اَمہِ پتہٕ ژھونڈ تمو سأری ہے سوٚرَس منزٕ تہٕ لُبکھ کینژہہ روپہٕ ہنزِ ٹکرٕ۔ یہٕ زأنتھ زِ یمَن ماسمکھ وَتہٕ کانہہ توَے بوٚرتمو پٹُن یہٕ خزانہٕ کانگر بن منزٕ تہٕ پٹھہٕ تھاوِہَس ژِنہِ تہٕ آے واپس گرٕ۔

ییمہٕ غرضہٕ زِ کأنسہٕ ما گژھہٕ شک توَے اَ ج زِنی مزۄرَن دَمہٕ دَمہٕ پنہٕ نِن

یارَن تہٕ ہمسایَن نِشہِ پَنٕنز دولت ژٕنۍ کَڈٕنۍ۔ اَمہِ پَتہٕ کیٚنٛہہ کالُک ترٛاوِتھ اَمۍ زِنۍ مزدوری کٔرٕنۍ تہٕ لوگُن وۄنۍ باپار کرُن اَتھ منٛز ییٚمۍ اُمس وارِیاہ کامیابی تہٕ وۄنۍ اوس سُہ اَکھ امیٖر نفر گٔژھ راونہٕ یِوان۔ تٔمۍ ہٕنٛدۍ نیچوی گٔے مدرس تہٕ لوگُکھ پرُن لیکھُن۔

اکہِ دوہہ ییٚلہِ یہِ باپٲری تہٕ اُمۍ ہٕنٛدۍ نیچوی اکہِ مالکہٕ پیٹھٕ واپس اَسۍ یِوان یمَو وُچھ اَکھ زمیندار پنجرٕ ہیتھ یَتھ منٛز اَکھ خوبصورت جاناوار اوس تہٕ یُس سبٹھٕے میوٗٹھ بولبوش اوس کران۔

ییٚلہِ یمَو لٔڑکو یہِ جاناوار وُچھ تہٕ اُمۍ سُنٛد یہِ خوشیوٗن بولبوش بوٗزِکھ تمَو لٲج مٲلِس ژھاأنۍ یہِ مُلی ہیٛنہٕ خاطرٕ۔

''ژٕ کوتاہ چھُکھ اُمس جاناوارس کران؟'' باپٲری پرٛژھ ''ژٕ موہرٕ'' جواب میوٗلُس۔ باپٲری وۄنُس ''رَٹھ تہٕ دِن یہِ جاناوار یمَن میانٮ۪ن نیچوبن۔''

سعیدَ تہٕ سیدن کوٚر مٲلِس اَمہِ تحفہٕ خاطرٕ سبٹھاہ شکریہ۔ تمَن گوو یہِ جاناوار سخت ٹوٹھ۔ پرٛ ہیتھ دوہہ سکوٗلہٕ پیٹھٕ واپَس یِتھ اَسۍ تِم اُمس ستۍ گِنٛدان۔ کیٚنٛہہ کالُک ترٛووُمۍ جاناوارَن اَکھ ٹھوٗل یَتھ یِم بارٕنۍ سبٹھٕے بےتأبی سان وُچھان اَسۍ تِکیازِ تِم اَسۍ یژھان زِ اَسہِ گوٚژھ تیتھے بیاکھ جاناوار آسُن۔ اکہِ دوہہ نیٚو یمَو یہِ پنجرٕ دٔریاوَس پیٹھ چھلنہٕ خاطرٕ تہٕ یہِ ٹھیک پأٹھۍ کرٕنکہِ غرضہٕ آو جاناوار اَمہِ منٛز کڈنہٕ تہٕ سُہ روٗٹ سعیدَن اَتھَن منٛز تہٕ ٹھوٗل تھوٗو کھبہٕ سان اَکس کَنہِ پیٹھ۔ پنجرٕ چھلنہٕ یِنَس دوران اوس اَکھ نفرا یہِ سأٹھ وُچھان سُہ اوس دٔریاو کہِ دوٚیمہِ بَٹھہِ لٔنٛڑ اَمہِ وِزِ سران کران۔ تٔمۍ وُچھ یِتہِ یَتھ کُن باپأرِس تہٕ تٔمۍ ہٕنٛدِس نیچوس خبر کیازِ ظوٗنۍ اوس نہٕ گوٚمُت

سُہ یہِ زِ یتھ کنہِ پیٹھ یمو ٹھوٗل اوس تھوومُت تتھ اوس رو پھ بنیوٗمُت ۔ سُہ سپدیہ ڈیشتھ سخت حأران تہٕ زوٗنُن زِ اَتھ ٹھوٗلس اُس یہِ خأصیت زِ یتھ تہٕ چیزس اُمیک چھُہہ لگہِ سُہ بنہِ رو پھ ۔ تُمیٚ اوس یتھ ہیوٗ بۄ زمُت مگر پَرٕ ھأ ءسس نہٕ یوان مگر اُزو چھ تُمی یہِ پَنہٕ نبو اُچھو ۔ اُمی کوٗر پَننہِ جایہِ یہِ پوٗرٕ ارادٕ زِ یتھہٕ تتھہٕ گرٕن بہٕ یہِ ٹھوٗل حأصِل ۔

"ہے ۔ ہے!" تُمیٚ دِژ باپأرِس کربکھ "یہِ ٹھوٗل کِنہٕ ہنا مےٚ ؟ مےٚ اوس اَتھ اَکھ دوا بناوٗن ۔"

باپأری ووٗنُس "نہ ۔ بہٕ چھُس نہٕ تیوٗت غریب زِ مےٚ کیاہ چھُ یہِ کٔنِنک ضرورت ۔ ووٗنی دِمہٕ ہے بہٕ یہِ توتہٕ ژےٚ مگر میانین شُر بن چھےٚ تتھےٚ بیا کھ جاناوار آنٛچ سخت گٔل ۔"

مگر یہِ نفر اوس سخت آنتہٕ "ووٗنی کیاہ گوو ۔ یہِ دِتہٕ مےٚ" تُمیٚ ووٗنُس "بہٕ دِمےٚ ژےٚ اَتھ اَکھ روپے ۔" یمی دِتُس دُبارٕ جواب "نہ"

"اَچھا بہٕ دِمےٚ ژےٚ پانژھ ۔ داہ ۔ وُہ ۔ ہتھ ۔ اَدٕ ساساس روپیہِ رٔٹھ ۔" یہِ نفر روٗ دتھدان یِیلہِ تُمیٚ یہِ زون زِ باپأری ناچھنہٕ سہَل سہَل موٗتن وول ۔

سوداگرٕ ن ووٗنُس "نہ ۔ ووٗنی ہرگاہ داہ ساس روپیہِ دِہَم تیلہِ دِمےٚ ۔"

یم سأری آےٚ یکجا باپأری سُندٕ گریہِ یتہٕ ہمی پیٚنسہِ دِتی تہٕ ٹھوٗل نیوٗن ۔

یہِ چھُ پتہٕ ہے زِ تیمی نفرن یہِ ٹھوٗل ہیوٚت سُہ گوو پوٚت کھورے ڈریاو بٹھس پیٹھ تہٕ تُجن اَتہٕ سو گٔنی یو سہٕ رو پھ اُس بنیمٕژ ۔ ووٗن گوو تُمس اوسنہٕ یہِ کرنک تہٕ زیاد

ضرورت تِکیاز تِمۍ وُچھ پتہٕ زِ یَتھ تہٕ کَنہٕ کٔر اَمہٕ ٹھۄلُک چھۄہ دِیُت سوٗ اُس اَتھ مولہٕ لِس دالِس منٛز بدلان۔

اَمہٕ پتہٕ کیٛنٛہہ کالہٕ آو اَمِس نفرس نِشہٕ اَکھ جوٗ گر تہٕ تٔمۍ وُچھ یہٕ ٹھۄل تہٕ وۄننس "یہٕ چھُ سارِوٕے کھوتہٕ مولُل ٹھۄل مگر یُس جاناوار گتہٕ چھُ تیٚمۍ یہٕ ترٛووٗ؟ ہرگاہ ممکن گژھی تہٕ سُہ جاناوار حاصِل کرنٕچ کوشِش تِکیاز یُس اکھاتہٕ تٔمۍ سُند گلہٕ ژٕٹتھ سُہ زٕنتھ کھیٚیہٕ سُہ بنہٕ دُنیاہُک سارِوٕے کھوتہٕ اَہم بادشاہ۔ یُس نفر یہٕ گلہٕ کھیٚیہٕ تَس روزِ یہٕ سِیٚنس منٛز تہٕ سُہ شخص یَیلہٕ ضُمس ووتھان آسہٕ سُہ لبہٕ پانس تلہٕ کَنہٕ داہ ساس موہر۔ اکھُتے ہیکہٕ سُہ جاناوارن تہٕ پوشمن ہنٛز آوازہٕ بُجھتھ۔ جاناوار ہنٛدِس سیٚنس تہٕ چھُ خاص شرف یُس اکھاتہٕ اَتھ زٕنتھ کھیٚیہٕ سُہ بنہٕ بادشاہ مگر تیوٗت ہوٗ ڈنہٕ یوٗت ہُہ ہیوٗ آسہٕ۔"

یَیلہٕ اَمۍ نفرن جوٗ گرس نِشہٕ یِم چیز بوٗزۍ تٔمۍ سوٗزۍ تمی ساعتہٕ باپاٗرِس شیٚچھ زِ ژٕ کٔن تَن یہٕ جاناوار تہٕ وعدٕ کوٚرنَس زِ ژٕ یہٕ قیمت اَمِس گرٛکھ سُہ دِمہٕ بہٕ۔ مگر باپاٗرۍ سوٗزِس یورٕ یہٕ شیٚچھ زِ ژٕ دِتہٕ مے خبر کیاہ تہٕ مے چھُنہٕ یہٕ جاناوار کُنٛن۔ ہرگاہ ژٕ مے سورٕے دُنیاتہٕ اَمِس بدلہٕ دِکھوتہٕ نہٕ۔ مگر اَمۍ نفرن اوس یہٕ جاناوار حاصِل کرنُک تِتھے شبقہٕ اِرادٕ کوٚرمُت۔ یُتھ تٔمۍ ٹھۄل حاصِل کرنہٕ خاطرٕ کوٚرمُت اوس۔ یَیلہٕ تٔمۍ باپاٗرۍ سُند جواب بوٗزۍ تٔمۍ ووٗن پانسے "تہٕ مے چھُ پتاہ مے کیاہ چھُ کرُن۔ بہٕ کرٛن یہٕ اَمۍ سنٛزِ زنانہٕ ہنٛدِ ذریعہٕ حاصِل۔ بہٕ سمکھہٕ تَس جلدٕ ے۔" اَمہٕ پتہٕ ہیوٗت اَمۍ اَکس دانا بچہٕ اَتھ معاملَس منٛز مدد تہٕ وعدٕ کوٚرنَس زِ ہرگاہ ژٕ مے اَمِس زنانہٕ سمکھاوکھ بہٕ دِمہٕ ژٕ ے سبٹھاہ بٔڈ ڈالی۔ دانا بچہٕ کوٚرس آنکار۔ سو گیہ باپاٗرۍ سُند گرِ تہٕ (خانہٕ دارس) گرِس منٛز

نہ ڈیشتھ ژلیہِ سوالِنڈ رتہٕ لوٗگن اَمی سٕنزِ زنانہٕ سٟتؠ دربار۔ یہِ زنانہٕ گیہِ اَمِس وُچھتھ سخت خوش تہٕ وۄنُنس زِ ژٕ پیہِ زِبیہِ۔ یتھہٕ کٕنٕ گیہِ یمن پانہٕ وأنؠ چرِ دوستی زِیوٗت تانؠ باپاٗرؠ سٕنزِ زنانہِ اَمِس دانا بُجہِ وۄن زِ ژٕ روز وۄنؠ مےٚ سٟتؠ۔ اَتھ دوران رُوٗز یہِ بُڈ ہیتھے تِمس نفرٕ سٕندی تعریف کران تیمؠ سوا اَتھ کارَس اُس لأجِمُت تہٕ یتھ حدَس تانؠ اوسُس باپاٗرؠ سٕنزِ زنانہِ ہُنٛد اشتیاق ہُر رووُمُت زِ اَمہِ بقل چارِتہِ بأو اَمِس سمکھنٕچ زبردست یژھ۔

یتھہٕ پأٹھؠ دِیتٕنس وعدٕ زِ یتھے باپاٗرؠ بایہِ یہِ پوٗرٕ پأٹھؠ کھرٕ گژھہِ زِ اَمی سُنٛد روَن نیرِ دوٗر گُن تہٕ سمکھو پانہٕ وأنؠ۔ پَتٕن یہِ مقصد سہل پأٹھؠ پٕراونہٕ خأطرٕ وۄن اَمہِ تِمس (خانہٕ دارس) زِ ژےٚ اَسہِ یژکالہِ پیٹھہِ خاہش زِ ژٕ گژھکھ نبر لہٰذا اگر گژھ تہٕ وۄنؠ۔ تِمہِ دِتُس یہِ نَل تہٕ "ژٕ کرٕ ژاولت گرَکھ جمع۔ ژٕ کژاہ نوٕ نوٕ جایہِ وُچھکھ! تہٕ تِمہِ کھوتہٕ تہٕ بُڈ کتھ زِ ژےٚ شوٗبی تہِ یہِ۔"

تِمؠ وۄنُس درجواب "آ۔ بٕ گژھہٕ۔ یہِ اُس میأنؠ بیوقوفی زِ بٕ گوس نہٕ اَز تانؠ" اَمہِ پتہٕ کینٛہہ دۄہ تُلؠ اَمی پأنس سٟتؠ موٗہنوی وۄہنوی تہٕ دژاو سفرس۔

اَمی سٕنزِ زنانہِ وۄن پَتہٕ بُجہِ "نیر گژھ وۄنؠ تہٕ وَن اَمِس نفرس یُس مےٚ سمکھُن چھُ یژھان زِ بٕ چھس تِمس پگہہ صُبحس بہٕ بجہِ سمکھنہٕ خأطرٕ تیار۔"

بُڈ گیہِ تہٕ یہِ نفر گوو یہِ شیچھ بوٗزِتھ سبٹھاہ خوش تہٕ وۄنُنس "میانہِ طرفہٕ دِنؠ زبس سلام تہٕ پتہٕ دِنؠ زبس زِ ہرگاہ سو میانہٕ خأطرٕ کینٛہہ رَنُن کرُن آسہِ یژھان تیلہِ رُنؠ زِ سُے خوبصورت جاناوار تہٕ تھأوی زِ میانے خأطرٕ خاص پأٹھؠ الگ کُن۔ تِمس دِنؠ زِ مےٚ چھُ پیہوے جاناوار کھنبس مأل تہٕ ہرگاہ نہٕ یہِ میانہٕ خأطرٕ رَنہٕ تہٕ تھاونہٕ پیہِ مےٚ گژھہِ

بڈ محسوس۔"

پگہہ صُبحس بہہ بجہِ بڑ ونہے اوس یہِ جاناوار تہٕ دوٚیمہِ ضیافژ رٕنتھ کرِتھ تیار تہٕ باپأرِ سٕنز زنانہٕ أس پانٕسے ستی سٕز کران تہٕ أس أندری ووتلان تہٕ بوڈان زِ امایہِ ازأنی شخص کیٚتھ آسہِ تہٕ تمس کیاہ زِ أس مے سمکھنچ پرواہ خاہش۔ أمی وِز آے سعیدتہٕ سید سکوٗلہٕ پیٹھہٕ گرِ تہٕ بوچھہِ ہتی آسنہٕ کنی گۍ دوہدِ شکی پأٹھی دوان ماجہِ نشہِ۔ یتھ سوٚیمن کیٚنہہ کھنہٕ خاطرِ دِیہ ہے۔ تمہِ وِژن یِمَن زِ گرِ ہو بتہٕ کُٹھس منز تہٕ یہِ خوش گرِ ہو تہٕ کھیٚو۔ صرف کھیٚوی زبونہٕ جاناوار سٕندِ منز تہٕ بیٚیہ فلأنی فلأنی سٕنہٕ منز کیٚنہہ یہِ زَن تمہِ خاص پأٹھی پہنہٕ وأرِس پٕرہس کتھی رٕنی ہتی أسی۔ یِم لڑکہٕ گۍ دوان دوان بتہٕ کُٹھس منز تہٕ وُچھکھ یِمہِ رنگہٕ رنگہٕ ضیافژ تہٕ ژکہِ سوے لڑکہٕ خصلت زِ تِمن گوو تمنٕے سٕنین کُن یِمَن متعلق وَننہٕ اوسکھ آمُت زِ یِمَن لا گی زبونہٕ اتھہٕ۔ تم گۍ سیوٚ دُے تہٕ ترٛأوِکھ وارِیاہَن سٕنین منز اتھہٕ تہٕ یِمَو منز کیٚنہہ زیادَے پہَن ترٛکہٕ ڈیشتھ ژھنکھ یِم سأرٕی کھیتھ یِمَن سٕنین منز اوس یہِ مولہٕ بٕس جاناوار سٕندِ سٕین تہٕ شأمل۔ سعیدن کھوٗ کلہٕ تہٕ سیدن کھوٗ سینہٕ۔ سیٚلہٕ یِمو یہِ کھیتھ نیوٗ تہٕ آکھ خیال زِ ماجہِ کھسہِ اَتھ پیٹھ سخت شرارت تہٕ لایہِ أسہِ لہٰذا اکوٗ ر تِموٗ اَتہٕ ژٕلنگ اِرادٕ۔

أخرس تہٕ آوٕسہٕ پوٚ ژھ۔ کیٚنہہ کتھا باتھا کرنہٕ پتہٕ نیوٗسہٕ باپأرِ سٕنزِ زنانہِ تِتھ کُٹھس کُن یٚتہٕ یِمہِ ضیافژ لا گتھ آسہٕ تہٕ أمِس پٔتھر بیٚہنہٕ خاطرِ وٕنتھ اوٚنس کھین بڑ وٕنہہ کُن۔

تمی وٕنس "مے چھنہٕ زیادٕ بوچھ۔ ژے کوٗرتھ پانس زورٕ تکلیف بہٕ چھس

چون شکر گزار۔ ژ ہر گاہ صرف مےٚ سےٚ یوت جاناوار اَنگھ۔ یتھ متعلق مےٚ وۄنمت چھ
تہٕ مےٚ ژَلہِ ژبڈ۔ مےٚ باسان ئہٕ کھمہٕ تی "لہٰذا اوٗن اَمہِ زنانہِ یہو ےسِیٚن اُمس
بڑ وٗنہہ گُن۔ یتھ منز اُمس جاناوارسُند بچوومُت حِصہٕ موٗجوٗد اوس۔ تٔمی وۄنس حاراَنٕ
سان "ژےٚ کیاہ چھی یہِ کوٚرمُت؟ اَتہِ نے نصف تہٕ موجوٗد چھُنہٕ۔ کٔلہٕ تہٕ سینہٕ کُ
کھوٚ؟"

ووٚڈھ ہش کھبتھ وۄنس اَمہِ "مےٚ چھُنہٕ پتہٕ۔"

اُمی نفرَن وۄنس "خبر کٔمی چھُ کھیٚن ژھیوٚٹ کوٚرمُت" تہٕ بڈٕ شرارتہٕ ہوٗت
دڑا او اَتہِ۔

باپاُری ہسٕز زنانہِ گو اُمی سُند یہِ اچانک پاُٹھی نیرُن بڈٕ محسوٗس۔ یہو ےاوسا
سُہ نفر یَس سوپیتیٚن دوہَن وَتہٕ اُس وُچھان!

سعید تہٕ سیدرؤ دی سبٹھاہ تیز پکان تہٕ یوٚت تاَنی تِم دوٗر اُ۔ کس بڈٕس مأدانس
سمٕزٕس واُتی۔ اَتہِ کوٚریموٚ راتھ گزارنک اِرادٕ حالانکہِ اَتھ جایہِ روزنس اوس ہر کانہہ
کھوژان تہِ کیازِ اَتہِ اُسی واریَہہ یاُ گی جانور یسلہِ پاُٹھی پھیران۔ مگر یمٕ زٕ نوجوان
کھوٗژی نہٕ گنے تِکیازِ یمَن اُسی جاناوارسُند کٔلہٕ تہٕ سینہٕ کھبتھ دِل درٕ یمتی۔ تِمَن اوسہٕ
اُمس جاناوار ہسٕزٕ ن خاصیژٕ ن متعلق بِلکل تہِ کینہہ پتاہ وۄن گو وتِمَن باسیاو پانسے منز
تیُتھ طاقتھا۔ یمہِ کِنٕ تِم کینہہ تہِ کرنس کھوژہَن نہٕ۔

اَتھ راتَس کٔر یموٚ مٕزٕ سان ہٕندراتہٕ ضٔمس کیُتھ یئلہِ تِم ؤتھی تہٕ زِٹھی باُ ے
سعیدَن وُچھ تَتھ جایہِ داہ ساس موہرٕ پیٚتبتھ سُہ شوٗنگتھ اوس۔ تٔمو تُجہ یمہِ سو نہٕ ہسٕزٕ موہر

تہٕ دژ اے بڑ وٚنہہ کُن ۔ مأدان کس دۄ یمس أنتھس پیٹھ وأتتھ ۄ چھ یمو دۄوٚ بت تہٕ أکس وَتہِ کُن اِشارٕ ہاوِ ۄن اوس اَکھ بۄڈ گنہِ پَل ۔ یتھ پیٹھ یم لفظ کھٕنتھ آسی "یپأرکہ مہ نیرِ ونتہٕ پشتأوِ ۄ" سعید اوس یمو دوٚیو منٛز زیادَے پہن نِڈر تہٕ تکیاز أسی اوس جاناوار سُند کلہٕ کھیوٚمُت تہٕ تمی کرٕ گہنٛی زِ بہٕ نیرِ اَے خطرناک وَتہِ تہٕ بأیس تہِ کوٚرُن زور زِ پکھ مے ییتی ۔ مگر سیدَن موٗنس نہٕ ۔ دۄ پنٛس دِنہ ۔ بہٕ چھس نہٕ یٹ ۄلی ۄلی مرُن یژھان ۔ بہٕ نیرِ نہٕ اَپأری" مگر سعید اوس ڈٕنتھ لہذا دژ اے یم بیوٚن بیوٚن پأٹھی ۔ اکھ دژاو خطرناک وَتہِ تہٕ بیا کھ دژاو عام وَتہِ ۔

## سیدُن لون:

لوکٹ ہیۆ بوے سید ووت چھیکرَس سمندرس نکھہٕ أکس شہرس تہٕ تتہِ روٗٹ أکی بڈی باپأری تہٕ جہاز مألکَن نوکری پیٹھ ۔ أمِس اوس نہٕ دُنہِ اَتہِ نوکری کران زیادِ کال گوٚمُت زِ أمِس پژ ژھکھ زِ ژٕ گژھکھ سمندر کُن چکرا گرُن ۔ سیدن وۄ نکھ آ تِکیاز تَس اوس سفر کرنک تہٕ دُنیاہَس منٛز کینٛہہ وُچھنک سخت شوق ۔ مُقرر کرنہٕ آمتِس دوہَس پیٹھ اوس موسم تہِ ٹھیکھے تہٕ دژاو بندرگاہ پیٹھہٕ جہازٕ ۔ کینٛژَن دوہَن سَپد پژ بتھ کینٛہہ سبٹھاہ خوش پأٹھی کرتہٕ باسان اوس زِ سفر سَپدِ سبٹھہے رٕتی پأٹھی ۔ أتھی منٛز گژھن اکہِ دوہہ صُبحاَے ووکھہٕ ژھٹھ تہٕ یہٕ ہُریہِ تیژ خطرناک پأٹھی زِ جہازٕ اوس اورٕ یور لاینہٕ یِوان تہٕ أخرس سَپد تباہ ۔ جہازَس پیٹھ یم تہِ سوار آسی تم موٗدی سأری ماسولیہِ سیدَس یُس گتھ تانی پچھ کھنٛجہِ پیٹھ لٕگتھ أکس سیکلس زُوِس پیٹھ وۄت ۔ نااُمیدی تہٕ بے

حیٚسی ہنٛزِ حالژمنٛز دِیُت تٔمۍ پٔتُن پان بُٹھس کُن دأرِتھ تہٕ دِژِن کربکہٕ "ہاے۔ بٕہ گَتھ کیٚتھ زاپاس؟ مےٚ کیٛاز ِکھیاوتہِ یَتھ ٹھاک اوسُم تہٕ پیوٚم گرِژلَن؟ مےٚ کیٛازِ دژاو بأیِس گٔنے زۄن نیرنہٕ؟ یَتھ وأناکھ جایہ پرأرِ پرأری مَرنہٕ کھوتہٕ اوس بہتر زِ بٕہ آسہٕ ہأنسۍ ستۍ مۄدمُت۔ ہاے کیٛاہ گوم۔ کیٛاہ گوم۔ أتھۍ منٛز پییہِ تَس ہٕنٛدِ ریوسہٕ پزٕ بتھ مُصیبتَس مرہم چھےٚ آسان تہٕ رأژ وۄل سہٕ پَنہٕ نٔبن گٔنٛگن پَرِ دَن تل۔ سہٕ شوٚنگ برابر صُبحس تانۍ تہٕ بیٛلہِ سہٕ ہُشار گژھتھ پانس أندی پَکی یہِ وُچھنہٕ خأطرٕ زِ بٕہ، کٔژھ ھِہشہٕ جایہِ چھُس تھوٚ دوۄتھ تہٕ اَتہِ وُچھُن نکھے اَکھ جہازٕ۔ أمۍ دِژ کربکہٕ تہٕ دیوانہٕ ہٕنٛدی پأٹھۍ رۄ داتھہٕ وامان۔ یُتھ زِ اَتہِ نفرَن أمۍ ہنٛزِ موجوٗدگیہ ہُنٛد پےٚ لگہِ ہےٚ تہٕ خوش قسمتی کٔز وُچھ سہٕ تِمو۔ جہاز رانَن اوٚن جہازٕ تَس نکھہٕ تہٕ ژوٗنُن سہٕ انٛدر۔

جہازٕ ووٗت ٹھیک پأٹھۍ پَنہٕ نِس منٛزلَس تہٕ سیدن کوٚر جہاز ران تہٕ سفر کرَن والیٚن الوداع۔ کینزٕ س وقتس رۄ دسہٕ شہرس پھیران تہٕ تَتھ مُلکس پَنہٕ نِس بأیِس تہٕ مأیِس متعلق معلوم کران بیٚیتہِ پتٛھہٕ سہٕ آمُت اوس مگر کأنٛسہِ ہیوٚکنہٕ تَس کینٛہہ وَنتھ۔ اَتھ شہرس منٛز روزنَس باسیوٚس نہٕ کانٛہہ مطلبا تہٕ دژاو اَتہِ پتٛھہٕ اَتھ ستۍ رَلہٕ وِنس مُلکس کُن یَتھ متعلق أمۍ عجیبے عجیبے کَتھہٕ آسہٕ بوزمٕژ۔

کینزٕ دۄہ گۄ ووٗت اور تہٕ پزٕ ے وُچھن یہِ عجیبے جایا۔ مُلکچہٕ راز دانہٕ أکۍ ژۄشۄ ے پاسو سبٹھاہ تھٔدی دیوار یَتھ نہٕ کانٛہہ ترِتھ ہیکہِ ہےٚ تہٕ اورأسۍ صرِف اَکے دروازٕ اژان یُس بند اوس روزان تہٕ سبٹھاہ حبسہٕ ہُشأری سان أ یِسس رأچھ روزان۔ یہِ کیٛازِ اوس یُتھ تِتہِ وَنو أسۍ۔ اَتھ شہرس منٛز اوس یہِ رسم زِ وزیر أسۍ کأنٛسہِ

شخصس دوہس خاطرِ پنُن بادشاہ مُقرر کران تہٕ راتھ کیُتھ اُسس مارِتھ ژھنان۔ اَمہِ دوہس ظالمانہٕ رسمہٕ کنٕ اُسی کھیچو کھیچو اَتہِ لوکھ ژلی متی تہٕ لہٰذا اُسی وزیرٕ اُکس سنجیدٕ اجلاسس منز سیمیٹی یتھ زَن بڑ وٚنہہ گُن خاطرِ سوچ گرٕہن زِ لوکھ گرٕ شکھی نہٕ اند بتھ پاٹھی یہِ شہر ترٲوِتھے ژٲلنی۔ تمو کوٚر یہِ رسم بدلاونک فأصلہٕ تہٕ پڑبتھ انٕد اوسکھ لوکن واپس ییٚنہٕ خاطرِ اطلاع سوزمُت یتھ زِ تم پانے اَکھ بادشاہ ژارِہَن یُس توت تانی حکومت روزِ ہے کران یوٚت تانی تَس تورُک نادِییہِ ہے۔ اَتہِ اوس تمہِ ساعتہٕ لوکہ ارساتھا سمیٚومُت ییمہِ ساعتہٕ سیداتھ دروازَس پیٹھ ووت۔

وزیرِ اعظم آو بڑ وٚنہہ گُن تہٕ ووٚنُن "ہیو لوکو۔ یہِ زانتھ زِ توہہِ چھو تمہِ پڑانہٕ ریچ سخت نفرت زِ پڑبتھ دوہہٕ ییہِ بادشاہ مُقرر کرنہٕ تہٕ مارنہٕ لہٰذا کوٚر اَسہِ اِرادٕ زِ یہِ رَسم پھُٹرِاو۔ تہٕ ووٚنی چھِ اُسی یہِ توہہِ پیٹھ ترٲوان زِ توہی ژارِیوٚن پانے کانژھا یُس ہمیشہِ خاطرِ اَسہِ حکومت کرِ۔ معاملہٕ چھُ ووٚنی تُہندٕ بن اتھن منز۔ وٚنی تُو گُس گوٚھہِ توہہِ بادشاہ آسُن۔

"گرِ و درواز بنٕد" تمو ووٚنُس در جواب "سُے نفر آسہِ سون بادشاہ یُس ووٚنی گوڈنیتھ شہرس منز اَژِ۔"

یہِ کوٚر ییمو اَوٕ کنٕ زِ تم اُسی پانہٕ منزِ کانسہِ اُکرِ سُند ناوہبس کھوژان تکیٚازِ یُتھنہٕ باقے ناراض گرٕژھن یمن مأرِتھے ژھنہٕ ہَن۔ سید آو اَمہِ تھدِ منصب خاطرِ ژارنہٕ۔ سُہ ییٚلہِ شہرچہ بجہ برنہٕ نیبر گنہ پژاران اوس تہٕ لوکھ آے وزیرٕ بتھ تہٕ یہِ اَتہِ وُچھِتھ واتنوٕ کھ یہِ عزتچہ جایہ پننہِ سمن بل کس بڈس ایوانس منز تہٕ دِتکھ نعرٕ۔ "وٚچھون

پَٹُن بادشاہ۔ بادشاہ سلامت۔ زندہ باد!"۔

## سعیدُن لون:

زِ یُٹھ بوے سعید دژا و پَٹنہٕ وَتہِ۔ تَس گَیہ نہٕ تَمہِ خطرناک قسمچہِ خبردأریہ ہنٛدی گژ ین تہِ یوسہٕ تمی پُرمژأ س۔ پژ بتھ دوہہٕ صُبحس اوس سُہ تَمہِ جایہِ داہ ساس موہر تُلان یِیِتھ سُہ شوٗنگتھ اوس آسان تہٕ تِتھہٕ کنہ بنیاو سُہ وارٕیہہ امیر۔ تَس پے پَنٕنہ دولت تُلنہٕ خاطرٕ وارٕیہہ مزٕ ررٕٹنہ۔

وُنیس تانی اوسنہٕ تَس کینٛہہ تہِ یُتھ تِیُتھ سَپُد مُت تہٕ سُہ اوس وۄنی سوچُن ہوان زِ گنہِ پیٹھ یِہ کینہٕ ہاتہِ کھنٛتھ اوس سُہ اوس بس مذاقا کرنہٕ خاطرٕ تہٕ یوٗت تانی سُہ أکِس سارِوے کھوتہٕ خوٗبصورت باغہٕ برٛس پیٹھ ووت۔ اَتھ باغس منٛز أسی انٛبر د انٛبر وپژ بتھ قسمکی خاص تہٕ خوش پوٗنی پوٗش۔ باغس منٛز أ ژِتھ وُچھ أمی اَکھ عالی شان مکانہٕ تہِ۔ اَمکی دیوار أسی روپہٕ ہنٛدی تہٕ تھمب أکِس سونہٕ ہنٛدی تہٕ یِہ اوس تاپَس منٛز تِتھہ پأٹھی پرٕ وِتژ اوان زِ مُشکل نٕے اوس کانٛہہ اَتھ کُن وُچھتھ ہیکان۔

"یِیٛتہِ کُس چھُ روزان" تمی پژھ أکِس بجہِ زنانہِ یوسہٕ تَس باغس منٛز چھ "کُس چھُ یِیٛتہِ روزان؟ کانٛہہ فرشتا، کانٛہہ پاکباز شخصا؟"

بجہِ دِتُس جواب "یِیٛتہِ چھےٚ اَکھ نازنین روزان تہٕ بہٕ چھَس تسنٛزٕ ے دا ے۔

ژِ چھکھ یِیمہِ جایہِ ہنٛز شان و شوکت وُچھتھ حأران ہیوٗ باسان۔ میٛانہِ مالکنہِ چھِ تِتھی ہِوی کہی یا مکانہٕ تہٕ باغ۔"

''چأنِ یہِ مألِکنِ چھا گرے؟ ئہ ہیکہٕ ناسوٗ وٗچھِتھ؟'' نو جوانَن پرٛژھُس۔

''آ۔ ژٕ ہیکہَکھ تَس سمکھِتھ۔ تَس ہیکِہ نہ کانٛہہ تہِ نفر سمکھِتھ یُس تَس اکہِ

پھِرِ سمکھنَس پیٚٹھ داہ ساس روپیہِ دِیہِ۔''

أمی ووٚنُس ''ٹھیک چھُ۔ ئہ دِمہٕ پیٚتی پیٚنسہٕ۔ پکھ نہٕ مےٚ پنٛنہِ مالکنہِ نِش۔''

یہِ خوش یِوٚنی زنانہٕ وٗچھِتھ گو وسعید تیٚوٗت حأران زِ تَس درییہِ نہٕ زبانے۔ تُمی

أس نہٕ اوٚت تانی ییٚژ خوبصوٗرت کانٛہہ زنانا وٗچھمٕژ۔

''خوش آمدید'' اَتھَس تھپھ کرِتھ پکناوان تہٕ أمِس بیہنہٕ خأطرٕ وٕنِتھ دوٚپنَس

''دلیہِ آسہٕ نَے ژےٚ میأنی شرط وُنی مَتی۔ ژٕ ییٚمہِ دوہہٕ تہِ مےٚ سمکھنہٕ یِکھ ژے آسنے

مےٚ داہ ساس روپیہِ دِنہِ تہٕ ییٚلہِ ژےٚ سارے روپیہِ موکلنَے تہٕ ژٕ یِکھ مارنہٕ۔''

أمی ووٚنُس درجواب ''مےٚ چھُ منظوٗر۔ نہ نہ۔ ئہ دِمَے ژےٚ داہ ساس موہرٕ،

تِکیازِ أمِس اوس أمی ہنٛدِ حسنٕک نشہِ کھوٚتمُت۔

یہِ بوٗزِتھ سپٕز یہِ زنانہٕ سیٹھاہ خوش تہٕ دِیتنس پنٛنہٕ نِس گرس منٛز وارِیاہَس

وَقتس روزنہٕ۔ پرٛتھ دوہہٕ آسہٕ أمِس داہ ساس موہرٕ یِوان تہٕ یہِ اوس ییٚمہٕ أمِس

زنانہِ دِوان۔

کینٛہہ کألی لُج یہِ زنانہٕ حأران گژھنہِ زِ أخر یہِ کیُتھ نفرا چھُ یُس مےٚ یوٗتاہ

دِوان چھُ سُتہِ پرٛتھ دوہہٕ۔ تمہِ سوٗنٛچ یہِ گوٚھہِ ضروٗر کانٛہہ جودوگر یا تِتھے ہیوٗ کینٛہہ

آسُن۔ لہٰذا اروٗ زسوأمِس برابر ژرژان۔ أمی ہنٛزِ دولتمندی ہُنٛد سِر گو وجلدٕ ے فاش

''أمی چھُ سونہٕ پگھش سُنٛد گلہٕ بنٛگلو ومُت'' تمہِ ییٚلہِ أمی ہنٛدِس تتھ بِسترَس پیٚٹھ موہرٕ

وُچھِہ ییٚمہِ پیٹھہٕ سعید اَمی وِزِ ووٗتھمُت اوس تہٕ تَمہِ سوٗنچ پانسے ءتے۔ سوٗ ہیٚچ یہِ اَمہِ کٔر ؤنتھ تِکیاہ زِ سوٗ اُس اَکھ جود گرِنی۔ یہِ ہر نٔنتھ کوٚر تَمہِ یہِ پوٚختہٕ اِرادٕ زِ سوٗ گرِ پنہٕ نِس اُمس عاشقس تباہ۔

اَکہِ دوہہٕ ووٗنی تَمہِ اُمس "وولہٕ اَسی چھُو اَز شراباہ یہِ چھُ مےٚ وُنی وُتمُت۔" اَمہِ پتہٕ گٔیہِ سو تہٕ اوٚنُن کینٛہہ شراب تہٕ پیالہٕ تہٕ تھاوِن اُمس برٛ وٕنھہ گنہٕ سعیدن پھ شوقہٕ سان۔ تَمہِ تہٕ چوٚ مگر کمے رژھا۔ یہِ شراب اوس سخت تیز ییٚمہِ کِنہِ سعیدس تیٚم سبٹھاہ زیادٕ چوٚمُت اوس ؤلی ؤلی کاف ہیٚرن کھسنہٕ تہٕ تیٚتھ آو چھورنہٕ زِ سہٕ سپُد بلکل دیوانہٕ۔ اَمہِ ءتے ووٗتھ اُمس اَندری دوٗ دسہٕ تہٕ۔ "مےٚ دِتہٕ لیش! تریش دِتم! سہٕ اوس چکہٕ دِوان۔ تَمہِ اوٚن اُمس ہند وہند رٔس تہٕ بییہِ کینٛہہ دَچھ۔ اُمی دِژ اَتھ تھپہٕ تہٕ یام اُمی ہند وہند رٔس چوٚ تہٕ دَچھ کھیٚیہٕ تہٕ سہٕ گو وسخت بیمار۔ تَس آو تہٕ سائلم ؤتھتھ یہِ تَس معدس پیٹھ اوس تہٕ پتہٕ گو وشوٚ نگنہٕ۔

ووٗنی یُس جاناوار سُند کلہٕ سعیدن نِنہٕ گلوومُت اوس سُہ اوسنہٕ معدس منٛز ووٗتھمُت تہٕ نہٕ اوس یہِ باقے کھٔلکی پٲٹھی پنہٕ پنہٕ گوٚمُت۔ سعید ییٚلہِ بیمار گو وتہٕ پتہٕ آس واپس۔ زنانہِ اوس یہِ توقعے تہٕ ؤلی ؤلی یہِ تھوٚ دتِلتھ تھوٗون یہِ پنہٕ نِس اُکس ذاتی ڈبس منٛز ییٚمیک نہٕ بییہِ کٲنسہِ پتاہ اوس۔

بییہِ دوہہٕ صُبحس ییٚلہِ سعید ہُشار گو وتہٕ دوہدِ شکی پٲٹھی اَتہِ موہرٕ وُچھِن نہٕ تہٕ سہٕ سپُد سبٹھاہ حَیران۔ تَس اوسنہٕ فکرے تران زِ مےٚ کیاہ پزِ گرُن۔ زنانہِ اوس اُمس ؤنتھ تھوومُت زِ ہرگاہ نہٕ مےٚ شام تانی یمہِ (موہرٕ) واژے یہٕ کرتھ قتل۔ اَتھ سائرِ

ہے دوٚہس اوس سُہ زبردست پریشان تہٕ ییلہِ شام سَپُد سُہ ژاو گُٹھس منٛز تہٕ کوٚرُن دروازَس اَنٛدرِ کُلف۔ زنانہٕ پزٲریَس کینٛہہ کالس تہٕ پتہٕ سوٗزُنس ناد۔ مگر اَمِ سوٗزُس جواب زِ بہٕ چھس نہٕ اَزٕ ٹھیک لہٰذا دِمےٚ معافی۔ خاٗر چھیکرس تہٕ پوٚز امس تَس نِش گژھُن "مےٚ چھُنہٕ ژےٚ دِنہٕ خاٗطرٕ کینٛہہ تہٕ" تمہِ سُنٛدِ لولہٕ ہٕنٛز بوٗز کرنس پتھ ووٗنُس اَمِ۔ "مےٚ چھُنہٕ پتہٕ زِ یہ کیاہ سپُد زِ مےٚ چھُنہٕ کینٛہہ تہٕ پَنٕنہٕ۔ بہٕ ہیکہٕ نہٕ ژےٚ پَنُن مصیبت سمجھاٗوِتھ۔ اَتھ معاملس پیٹھ چھُ مےٚ اَزٕ تیٚتھ غم زِ بہٕ چھس نہٕ قدم تہٕ کڈِتھ ہیکان۔"

زنانہِ ووٚنُس "مےٚ تہٕ چھُ افسوٗس۔ مگر اَتھ ہیکوٚ نہٕ کینٛہہ تہٕ کٔرِتھ۔ ووٗن گو ژےٚ دِتھ مےٚ ییٚتھ اتھہِ ووٗتھ تہٕ اوِتھ لہٰذا اچھس بہٕ ژےٚ قتل کرنس متعلق پَنُن شرط واپس نوان تہٕ ژٕ چھکھ بہٕ آزاد کران۔ نیرتہٕ مےٚ ہاوٕ زبہٕ ووٗنی توٚت تانی بتھ یوٚت تانی نہٕ ژٕ زیادے امیر بنکھ" سعیدَن کوٚرُس شُکریہ تہٕ دژاو۔

"افسوٗس، ہزار افسوٗس" سُہ روٗد ونان ییلہِ سُہ باغہٕ برٛس نیبر دژاو۔ "ہاے مےٚ کیاہ زِ مانیاو نہٕ باٗے سُندسُہ عاجزی سان زارٕ پارٕ تہٕ بہٕ کیاہ زِ دژایاس ییمہٕ وَتہٕ! ووٗنی کتھہٕ کنہٕ پھیرَن مِیانی قدم واپس ووٗنی پزِ مےٚ سیوٚدُے بڑوٗنہہ گُن پکُن تہٕ وچھُن زِ مےٚ کوٚت ؛ اتناوِ پَنُن تقدیر۔"

سُہ دراو اکہِ جنگلہٕ منٛزی تہٕ اکہِ بڈٕ ماٗدلنہٕ کنہٕ تہٕ یام سُہ اَمہٕ ماٗدلنہٕ منٛز نیرُن ہیوٚتُن تہٕ تمِس سمکھ ژےٚ نفریم پانہٕ واٗنی اَکھا کس ستی تیز کلامی اَسی کران تہٕ بہٕ اوس تمِ ژور چیز پانہٕ واٗنی باٗ گراو نہٕ پنٕس پیٹھ سپدان یہنٛدی آغہٕ یعنے اَکی فقیرَن

یَمَن دِتیٚ ہتیٚ اٚسۍ تہٕ یُس پانہٕ اَمہِ بڑ وٕنہٕ پہَن گزریومُت اوس۔

""توٚہۍ کیاز تِتھۍ کٔنۍ پانہٕ وأنۍ ژُوان"" أمۍ پرٛژھوکھ ""تلہٕ ساممےٚ ہأوِ یِم چیز""

یمو ترٛ ییو نفرو یمَن پانہٕ وأنۍ نیاے اوس مٔرأوک پٹٕنۍ یو قچہِ تہٕ ترٛووکھ اَمس بڑ وٕنہہ کُن اکھ بُدرِ پیٹھ، اکھ تھال، اکھ سورمہٕ دأنۍ تہٕ بیٚیہٕ اکھ ژھیوٚنمت پڑون خرقہٕ۔

""ٹھیک"" اناہ کٔرتھ وٕوٕتھکھ سعید ""مگر یِم چیز چھِنہٕ تِتیٚ قمتی باسان زِ توٚہۍ ژُوِ یمَن پیٹھ""۔ تمو دِتُس جواب ""ژےٚ چھی نہٕ یمَن ہُند مول پتاہ۔ بوز، یتھ بُدرِ پیٹھِس پیٹھ یُس اکھاتہٕ بیہہِ یہِ ہیکہِ تَس کُنہٕ تہٕ جایہِ واتناوِتھ چاہے سو جاے کوتاہ تہٕ دوٗر آسہِ یا یوٚت واتُن ممکن تہٕ آسہِ نہٕ۔ یہِ تھال واتناوِ پَنہٕ نِس مأ لکس ہر ساعتہٕ پرٛتھ قسمک کھین۔ یہِ سورمہٕ چھُ اُچھَن لاگنہٕ یوت تہٕ سُہ نفر ییہِ نہٕ کأنسی بوزنہٕ ییلہِ زَن سُہ پانہٕ پرٛتھ کینہہ تہٕ پرٛتھ کأنسہِ وُچھِتھ ہیکہِ تہٕ یتھ پرأنس پلوس چھِ ژور چنڈٕ۔ اکہِ چنڈٕ منٛز نیرن تِتیٚ پونسہٕ یِتیٚ انسانس ضرورت آسَن، بیٚیہٕ منٛز نیر رو پھ بیٚیہٕ منٛز سون تہٕ بیٚیہٕ منٛز لال جوأہر""۔

""سبٹھاہ دلچسپ! سبٹھاہ قمتی"" ییلہِ یمو نفرو یہِ وضاحت کٔر تہٕ وٕننکھ سعیدن ""ژھوٚٹرأوِ توٚہۍ وٕنۍ لڑأے۔ بہٕ وَنو توٚہۍ کیاہ کٔرِو۔ پتہٕ مہِ چیز چ مَتہٕ ہے توپریشانی۔ سُہ دِیوٚ مےٚ۔ ژٕ رٹھ بُدرِ پیٹھ، ژٕ تھال، تہٕ ژٕ رٹھتہٕ سورمہٕ ڈٔبۍ۔""

""نہ، ہرگزنہٕ"" تمو دِتُس جواب ""یہِ ہکو نہٕ اٚسۍ ژنہہ کٔرتھ تِکیاز اَسہِ چھُ قسم کھیوٚمُت زِ یمو منٛز ترٛاوو نہٕ اٚسۍ کأنہہ تہٕ چیز۔ اٚتھی شرطس پیٹھ چھِ یِم اَسہِ بَنہٕ

(مطلب فقیرن) دِتی مٕتی۔ نیرٕ ژٕ اُسی گرو پانٔے اَسہِ چھےٚ اَکے وہمید زِ اَسہِ منٛز مرِ جلدٕ ے اَکھاہٕ پتہٕ گژھہِ نہٕ اَسہِ یِمَن چیٖزن حصہٕ گرُن مُشکِل۔ ژور چیٖزن ہکِن سہل پاٹھی دوٚن منٛز بأگرِنہٕ یتھ۔"

"مگر اَتھ گتھ چھُ کأنسہِ ہنٛدِس مرنَس پژارُن" سعیدن وونُکھ۔ "توہہٕ وُچھتھ چھُ سیوٚد باسان زِ توہی سأری کٔڈِو وار یہہ وأنُس۔ میوٚن مشورٕ چھُ توہی گرو وُنی فأصلہٕ۔ توہہِ منٛز نیہٕ اَکھاز چیٖز تہٕ باقٕے زٕ نن اَکھ اَکھ چیٖز۔ وُچھو یورگن۔ توہی مأنٛی والیہٕ؟ ئہ لایکھ یم ترٛےٚ تہٕ تیوٚت دوٗر یوٚت ئہ ہکہِ۔ اَکھ تہٕ لایہٕ ئہ پانس بڑونٛھی کنہ۔ بیاکھ یپأرکٕ تہٕ بیاکھ ہُپأرکٕ۔ تتھے ئہ توہہِ اشارٕ دِمو توہہِ منٛز دورِ پژبتھ کانٛہہ اَکس اَکس تہٕ رس۔ ژٕ دور تتھ یُس ئہ بڑونٛھ کُن لایہ تہٕ ژٕ تتھ یُس ئہ یپأرکٕ لایہٕ تہٕ ژٕےٚ تتھ ہوِس یُس ئہ ہُپأرکٕ لایہٕ۔ تہٕ یُس نفر سارِوے بڑونٛہہ تہٕ ہیتھ واپس واتہِ سُہ نیہٕ زٕ چیٖز۔"

تمو ووٚنُس "مُجر اہ" لہٰذا اَلٕے سعیدن تہٕ تہٕ تم دزاے۔ تم اُسی دَوان تہٕ سعید تُلی تن تھال، سورمہٕ دأنی تہٕ پژون ژھیوٚ نمت خرقہٕ تہٕ بیوٚٹھ بڈرٕ پیٹھس پیٹھ تہٕ گرِن تتھ جایہِ واتنٕچ خأہش یوٚت نہٕ یم ترٛےٚ وأتتھے ہکہِ ہَن تہٕ فورَن سپُد سُہ غأب۔

ییٚلہِ یم ترٛےٚ نفر تہٕ ہیتھ واپس وأتی تہٕ تم سپدی یہِ ازأنی نفرتہٕ پننی یم موللی چیٖز لتہِ نہ ڈیشتھ سبٹھاہ مویوس۔ تمو لوگ پننہٕ نس تقدیرس پیٹھ وَدُن تہٕ ماتم گرُن۔ تمو ووٚن زِ "سون رہبر سپُد اَسہِ ناراض تِکیاز اَسہِ لأج لڑأے تہٕ توے آو سُہ یہِ نفر

اُ ۔گتھ تہٕ نیوٗن سون یہِ خزانہٕ۔"

سعیداوس تمہِ جایہِ نشہِ سبٹھاہ دٔ روومُت ییٚتہِ اُمی تژے ژٔنی تژ اُوی۔ییٚلہِ تمی تھالہٕ ذٔریعہِ پرٛ بتھ قسمہٕ کہِ کھینہٕ ستی پان سیر کوٚرتس پییٚہ سوخوٗ بصورت زنانہٕ یادتہٕ یوٚ ژھُن تَس دُبارٕ سمکھُن لہذا اپنٕی یِم چیز بٔدر پیٹھس پیٛٹھ تھاۄِتھ بیوٚٹھ سُہ پانہٕ تہٕ اُتھ پیٛٹھ تہٕ جلدٕ ے ووت سُہ تَتھ سونہٕ تہٕ روپہ کہِ عالیشان مکانہٕ کس چھش پیٛٹھ۔اَتہِ تھوو گوڈٕ اُمی پنُن خزانہٕ چھوٚ پراۄِتھ تہٕ پَتہٕ ووٗتھ تمو ہیرو کنی یوٚن یمہِ صحنس تاز واتان آسہٕ۔اَتہِ ڈ ُچھ اُمی داے تہٕ اُمس ووٗنُن زِ ژ وَن پننہِ مالکنہِ میٛانہِ ہینگ۔

ییٚلہِ اَمہِ خوٗ بصورت زنانہِ یہِ ڈُچھ تَس توٚر فکرِ زِ اُمی چھےٚ ییٚہِ کیٛنہہ روپیہ اَنہِ مَژ۔لہذا کوٚرنس زبردست استقبال تہٕ دِیُتنس سبٹھے زیادٕ عزت تہٕ پرٛژھنس تمہِ سارے سفرٕک حال یُس تمی اُمس نشہِ نیرنہٕ پتہٕ کوٚرمُت اوس۔

"ژٕ اوسُس چانہِ خاطرٕ ییٚہِ روپیہِ اَنہٕ خاطرٕ پَنہٕ نس مُلکس گومُت" اُمی ووٗنُس "ژٕ ہیوٚکُس نہٕ ژٕے نشہِ دٔ ررٕ زِتھ۔"

یہِ اوس سُہ سوٗرے اپزٕ ے ونان مگر یہِ اوس نہٕ یژھان زِ اُمس زنانہِ کیاہ گژھ یہِ پےٚ لگن زِ ژٕ گتہِ چھُس یہِ دولت انان۔سُہ اوس پرٛ بتھ دوہہ پراٚنس ژھینٛ ہتس جندس نِش واتان تہٕ آسس تیژ روپیہِ میلان ییژ حاجت آسہٕ آسان۔

یتھہٕ کنی رٕو دی ربتس کھنڈس تیتھے پاٹھی خوشی سان دوہہ گوٗزران یوٚت تانی سعیدس یہِ ہیوٚتُن باسُن زِ مےٚ چھِ گوٚس۔اکہِ پھیرِ باسیاوتَس ہیرِ کھسہٕ وُن پٔتی کنی یہےٚ فُٹ بال ہِش تہٕ ییٚہِ وِزِ باسیہ تَس پتَس پیٛٹھ گہنز تانی ژھاے ہش۔لہذا کوٚر

أمۍ چھِتہٕ سٟے پیٹھ شوٗنلنٛک فأصلہٕ تہٕ وۄنُن أمِس زنانہِ "میأنی ٹأٹھۍ ۔ مےٚ چھُ أزنبر کُن چھتَس پیٹھ شوٗنلنٛک ارادٕ ۔ پگہ ژٕ تہِ" تمہِ موٗنُس تہٕ تم شوٗنگو وارٕیہَن رأژن ٹِنس چھتَس پیٹھے یکوٹہٕ یوٚت تانی سعیدس وارے شک رۄدگنان ۔ تِمۍ سوٗنچ پانسے ستۍ "ہرگاہ زَن یہِ خرقہٕ تہٕ یم باقے چیز مےٚ ژۄرنِکھ بہٕ کیاہ کرٕ پَتہٕ؟ بہٕ نیرٕ أزی راتھ کیٛتھ بیٚیتہٕ تہٕ یہِ زنانہٕ پانس ستۍ نِنچ کرکوٗشش ۔"

تمہِ رأژ تیٛلہِ تم چھتَس پیٹھ کھٕتۍ تہٕ أمۍ ہووأمِس ئُدرپیٹھ تہٕ دوٗپنَس پگہ بیٚہہ مےٚ ستۍ اَتھ پیٹھ تمہِ کوٚرلی تہٕ سعیدَن کرخاہش زِأسۍ گوٚھو توٚت واتۍ بیٚیتہٕ نہٕ بیٚیہٕ کانٛہہ آسہِ تہٕ یمہِ وأتۍ اے ساعتہٕ أکِس خوبصورت زۄِس منز بیٚیتہٕ نہٕ کانٛہہ اَکھا روزان اوس۔

"میأنی ٹأٹھۍ ۔ بیٚیتہِ روزوأسۍ یکجا" ئُدرپیٹھ رُکتھ وۄن أمۍ أمِس زنانہِ۔

تمہِ وۄنُس درجواب "یہِ چھأنی مرضی تی چھےٚ میأنی تہِ ۔ یوٚت تانی بہٕ ژےٚ ستۍ چھُس توٚت چھِنہٕ مےٚ کانٛہہ پرواے۔"

یہِ کلامہٕ بوٗزِتھ سیٚد سعید سبٹھاہ خوش تِکیٛازِ تَس اوس باسان زِسوچھےٚ یہِ دِلہٕ ونان۔ وارٕ وارٕ وۄل سُہ تتھہٕ پأٹھۍ اَمہِ پٔنٛنہِ ملیہِ زِأمۍ وُنی أمِس پٔنٛنہِ خزانکۍ ساری سِر۔

تمہِ پرٛژھُس "ژےٚ رکتھہٕ کٔنی چھِی پرٛتھ دوہہ یتھ عالی شان کھمن میلان۔"

أمۍ وۄنُس "خداصأب چھم سوزان۔ مےٚ چھُ صرف یہِ تھال آسان کڈُن تہٕ خاہش کرٕنی تہٕ یُس کھمن مےٚ یوٚ ژھمُت آسہِ سُہ چھُ امی وِزِ واتان۔"

تمہِ پرٛژھُس ''یتھ غارٕ آبادزٕوِس پیٹھ کتہِ چھُکھ ژٕ روپیہِ انان۔''

تمہِ وۄنُس ''یہِ بدر پیٹھ رٕکتھٕ ؤکٕنۍ چھُ اَسہِ ہوٚہَس منٛز تِلتھ زوان زنتہٕ یہِ جاناوار چھُ آسان۔''

جواب وۄننس ''یہِ رٕکتھٕ ؤکٕنۍ چھُ یہِ گرِتھ ہبکان تِتھ ہیکیہ نہٕ بہٕ وضاحت گرِتھ۔ مےٚ یہِ کینژھا پتاہ چھُ سُہ چھُ یہِ زِ بہٕ چھُس صرف اَتھ پیٹھ بیہان تہٕ چھُس گُن واتنچ خاہش کران تہٕ بہٕ چھُس فل فور تَتھ جایہِ واتان یۄت بہٕ واتُن چھُس یژھان۔ مگر بیٛیہ تہِ چھُ بیا کھ چیز ایُس نہٕ ژےٚ وُنہِ وُچھتھے۔ مےٚ چھُ اَکھ سورمہٕ ہا یُس اگر کانٛسہِ اَچھن لاگنہٕ یِیہ تَس ہیکہِ نہٕ کانٛہہ وُچھتھ ییٚلہِ زَن سُہ نفر پانہٕ تہٕ سانٛلم وُچھتھ ہیکہِ یہِ زَن سپدان آسہِ۔''

''میانہِ ٹاٹھہِ۔ بہٕ کٔرٛاہ خوش گیَس زِ ژےٚ وۄنُتھ مےٚ یمَن قیمتی چیزن ہُنٛد''

تمہِ وۄنُس ''اَسۍ کِتیاہ امیر چھِ تہٕ بہٕ کٔرٛاہ خوش قسمت چھُس زِ مےٚ چھُکھ ژٕ! ژےٚ کیاِزِ وۄنتھ نہٕ مےٚ بزٕ وۄنہہ پننہِ امہِ خوش قیمتی ہُنٛد؟ وۄنۍ چھنہٕ مےٚ واپس پنٛن گرِ گژھنچ کانٛہہ خاہش۔''

پۄزۍ رٕکنۍ آسہ یمہٕ میچھہِ گتھٕ یمہٕ سعیدنن کنن منٛز زنتہٕ ماچھ وَژھٕ مگر یمہٕ آسہ ژکہِ ٹلی۔ اَمِس زنانہِ ہُنٛد مقصد اوس زِ سو گرِہے اَمِس پانس متعلق پزٕ بتھ قسمہٕ کہِ شکہِ نِشہِ آزاد۔ تَس اوسنہٕ سُہ زنہے ٹوٗٹھ تہٕ زنہے اَسنہٕ تَس ستۍ روزُن یژھان۔ اَتھ برعکس اُس سونَل دِتھ اَمِس خاکس پیٹھ واتناونہٕ پتہٕ مارُن یژھان۔ اَمہِ پتہٕ روز سویم ژوشوَے موٗللی چیز حاصِل کرنہٕ خاطرٕ کوٗشش کران۔ تِمَس پوٗ نہٕ یہِ موقعہٕ پزٕ اوس

زیادٕ وقتس پژارُن۔ اکہِ دوہہٕ صُبحاُے ییٚلہِ تم یکووٹہٕ سۆدرٕ بُٹھۍ بُٹھۍ پکان اُسۍ تہٕ تمہِ بأوسرٕ ان کرٕنچ خأہش تہٕ وۄنُن سعیدس زِژٕ وَس گوڑٕ آبس منٛز تہٕ وُچھِہ کۄتاہ سۆن چھُ۔ تٔمۍ کۆریٖ تہٕ سُہ ییٚلہِ اورٕ یورٕ ژھانٛڈ اوس وایان تمہِ تُل تھال، سورمہٕ دأنۍ تہٕ جندٕ پکو تہٕ دَوان دوان ہُدرٕ پیٹھس نش وأتتھ پیٹھ اَتھ پیٹھ تہٕ گٔرِن واپس پنٕنہٕ نس عالیشان گرٕس منٛز واتنٕچ خأہش۔

بچأرس سعیدس تۆر فکرِ زِ تَس کیٛتھ فریبا آو دِنہٕ۔ نتیجہٕ نۆن، ترٕ ہۆت تہٕ بۄچھِہ ہۆت رۄ دسُہ زُوِس پیٹھ اورٕ یور دوان تہٕ پنٕنہٕ نس قسمتس پیٹھ ماتم کران۔ یأنۍ شام ہیۄتُن سپُدن تٔمۍ ہیۆت سوچُن زِ بہٕ کیاہ کرٕ راتَس۔ یۆ دوَے تَس نہ کھمن تہٕ نہ پکو اُسۍ تہِ گٔرِتھ تہِ پرٕتَس ژھٹہِ نشہِ بچنہٕ خأطرٕ ژھینَن جاے ژھانٛڈنۍ۔ ئکہ کمن تہٕ صُبحس بأ گۍ تِمس کانٛہہ جہازٕ نظرِ گژھہِ۔ تتھٕ کنٛز دِیٛت تٔمۍ پأنٕ پانس تسلی۔ وٕلی وٕلی لاجہِ تٔمۍ گُلمن لنٛجہِ پھٔٹراونہِ تہٕ سُہ ییٚلہِ یہِ کران اوس تٔمۍ سُنٛد توجہ گو ترٕبن جاناوارن کُن یم ترٕبن اَلگ الگ گُلمن پیٹھ بہتھ اُسۍ تہٕ اَکھ اَکس اُسۍ سبٹھٕے شوقہٕ سان جواب دِوان۔ تَس تۆر فکرِ زِ یم کتھ متعلق چھِ کتھہٕ کران۔

أکۍ جاناوارَن وۄن ''میأنس کُلس چھےٚ سبٹھاہ بڈٕ خأصیت۔ ہرگاہ کانٛہہ نفر یَتھ دیٛل تُلہِ تہٕ اَتھ پۄٕرِ پأٹھۍ گٕہتھ پیند ہش بناوِ۔ یہِ پیند ہیکہِ گلہٕ دودٕ لراونہٕ خأطرٕ بڈٕ فأیدٕ مند أستھ۔ گلہٕ دأدی لدس چھُ صرِف اَتھ مُشک ہیۆن تہٕ فورَن ژلبس گلہٕ دود۔

دۄیم جاناوارن وۄن ''سبٹھاہ جان، سبٹھاہ جان۔ مگر میۆن تہٕ بوز۔ میۆن کُل چھُ چانہِ نشہِ زیادٕ مولُل تہٕ ہرگاہ کانٛہہ شخص یَتھ دیٛل تُلہِ، تتھ گہِہ تہٕ پَتہٕ سُہ امہِ کمن

پَنہٕ ؤتھرَن ہٕنٛدِس رَسَس ستؠ رلاوِتھ اَتھ پٮ۪نٛد ہش بناوِ۔ اَتھ آسہِ طلسماتی اثر تکیازِ یُس تہٕ نفر اَتھ مُشکک ہیٚیہِ تَس بَنہِ خر۔"

ترٛیم جاناوارَن وۄن "یِژی کنٔ چھُ یہِ تعجبس لایق مگر تیوٗت تنبہٕ یُت یہِ گُل چھُ یَتھ پٮ۪ٹھ ہٮ۪تھ چھُس۔ ہرگاہ کانٛہہ شخص یِمہِ گُلہِ کِس دبلس تہٕ یی کَرِ تہٕ پَتہٕ سُہ تِمس یا کانٛسہِ تہٕ جانورَس اَتھ مُشک ہیاوِ سُہ جانور بَنہِ تِمی وِزِ انسان۔"

سعیدن سمجھ پۆرٕ پاٹھۍ جاناوارن ہُنٛد وَنُن۔ تِمۍ ہیوٚک یہِ اوِ کنٔ کَرِتھ تکیازِ اُمۍ اوس اکہِ وَقتہٕ سونہٕ جاناوار سُنٛد گُلہِ نمنگلو مُت۔ سُہ سپُد یِمہِ رِژ گَتھہٕ بۆزِتھ سٮ۪ٹھاہ خوش۔ یہِ ترسیوٚ دُے فکرِ زِ تِمۍ بناوِ اُمۍ ساعتہٕ یِمو گُلو پٮ۪ٹھہٕ ترٛشِ ہِ ترٛے پٮ۪نٛدٕ یہِ زَن جاناوارو وۄنمُت اوس۔ تِمۍ تھووٕ یِمن حبہٕ سان نِشانہٕ یُتھ زَن تِمس مُشتھ گژھہِ ہےنہٕ زِ کوسہٕ کیاہ چھےٚ۔ پَتہٕ شوٚنگ تہٕ پٮ۪یس نِنٛدٕر۔ صُبحس بٲگ وۄتھ سُہ سٮ۪ٹھاہ وُداسَ دِلہٕ "وائے خدایہٕ، مےٚ بچاوتہٕ، مےٚ رَچھتہٕ!" تِمۍ دِژ کربکہٕ تہٕ تِمۍ سُنٛد یہِ وَنُن سپُد قبوٗل۔ اَکھ بوٚڈ جاناوارا آو وُڈان توٚتے یِیٚتہٕ یہِ اوس تہٕ کھوٚژ نووٗن یہِ تتھہٕ پاٹھۍ زِ یہِ گووپنہِ حفاظتہٕ خاطرٕ دوان دوران اَکِس بجہِ کُلۍ دورِ منز۔ مگر یہِ جاناوار ژُلنہٕ ہٮ۪کۍ کہِ رۆدٕ اَنٛدۍ اَنٛدۍ گَتھ دِوان تہٕ پھِرۍ پھِرۍ سعیدس کُن شوقہٕ ہوٚت وُچھان۔

سعیدَن سوٚنٛچ "اُمِس جاناوارس کیاہ چھُ کُرن مقصد؟ یہِ چھامےٚ کھیوٚن یژھان؟"

سُہ ییلہِ یی اوس سوچان یہِ جاناوار وۄتھ کُلۍ دورِ بژ وۄنٛٹھہٕ گنہِ پَتھر تہٕ چھُ اُمِس کُن وُچھان تہٕ لوگن وَنُن "اَکھ نفر اچھُ یَتھ زُوِس پٮ۪ٹھ آمُت۔ سُہ چھُ سٮ۪ٹھاہ مصیبتس منز تہٕ ہرگاہ نہٕ سُہ میانٛۍ گَتھ بوزِ تیلہِ مَرِ سُہ۔ مےٚ چھےٚ اُمۍ سِنٛز سٮ۪ٹھاہ پریشانی۔ تِمس

ہے میوٚن وُنن فِکرِ ترِ ہے تہٕ مےٚ زنگہِ تھٕچھ گر ہے! ئہ وُپھہٕ ہائہ ہتھ گُنہِ ترٛھہِ جایہِ یوسہٕ زیادٕ آباد آسہِ ہے۔"

سعیدَن سمجھ اٚمۍ ہنٛزِ یہِ گتھ وارٕ پاٚٹھۍ تہٕ یہِ ہاونہٕ خاطرٕ زِ مےٚ سَمجھ گراٚمۍ پننہٕ نوٚ دہ نوٚ یوا تھوٕستۍ اٚمِس جاناوارٕ ہنٛزِ زنگہِ اٚکِس تھٕچھ۔ فورن مُشراوِ اٚمۍ بُڈۍ جاناوارَن پننہِ پکھہٕ تہٕ گووٕ وُڈِتھ۔ یہِ پوٚک میلہٕ وادیوٚت تانۍ یہِ اٚکِس مشہوٗر شہرس منٛز ووٚت۔ اَتہِ تر ووٚ اٚمۍ سعید تہٕ گووغاٚب۔ اٚمِس جاناوارَس وُچھِتھ سَمے ژٕلی ژٕلی اَتکۍ وارِیہہ بُسکین اَتہِ اٚندۍ اٚندۍ تہٕ لاٚگِکھ اٚمِس وارِیہہ سوال پرٛژھنۍ "ژٕ کتہٕ پاٚٹھۍ ووتکھ یَتھ حالس؟ ژٕ ے کیاہ چھی ناو؟ ژٕ ے کتہِ چھی گرٕ؟ یِمَن سارنۍ سوالَن دِیُت سعیدَن پوٗرٕ پوٗرٕ جواب تہٕ کٕرُن یہِ کینٛژھا وۅن تہٕ یوٗزِتھ آو تِمَن اٚمۍ سُنٛد سبٹھاہ عار تہٕ تِمو اوٚن اٚمِس کھیٚن تہٕ پکو بیٚیہِ وۅنہَس زِ یوٚت تانۍ ژٕ بڑ وٕنٛھ گُن کینٛہہ کرنک سوچکھ توٚت تانۍ روزٕ اَسہِ نِش۔

اٚمۍ ہنٛدِ اور واتنہٕ پَتہٕ کینٛژِ دۅہ پَتہٕ سپُد یہِ زِ اَمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہ ہنٛز کوٗرِ پییہٕ بِمار تہٕ تَس کوٚرُن زبردست گلہٕ دود۔ شہر کی ساٚری حکیم آے محل خانہٕ بُلاونہٕ تہٕ کوٚرُکھ اٚمِس علاج مگر امیک دراونہٕ کہنٛہ تہِ فاٚیدا۔ یہِ ووکھہٕ گلہٕ دود روٗد جاٚری۔ چھیکرَس باسیاو بادشاہَس زِ یہِ گژھہ نہٕ مرٕنۍ لہٰذا کرنووٚن اَتھ متعلق پننہِ مُلکہٕ کین سارنۍ لوٗکن اَتھ متعلق یہِ اعلان:

ہرگاہ کانٛہہ نفر شہزادِ ٹھیک ہیکہِ کٕرِتھ تُمس پییہِ اٚمۍ سےٚتۍ کھاندر کرنہٕ تہٕ بیٚیہِ ییس نصف سلطنت دِنہٕ۔

سعید گوو یہٕ گتھ بۆزِتھ خوش۔ تٔمۍ وُچھ وۆنی پانس برٛونٛہہ کُن سو وَتھ یۆ
عزت، سبٹھاہ طاقت تہٕ شان وشوکت اوس۔ تٔمۍ تُلۍ ژٔلی ژٔلی پٔنٕنۍ قدم محل خانس کُن تہٕ
اَمہِ رٕکس دروازَس پیٹھ موجوٗد نفرس وۆنُن زِ ژٕ دِ بادشاہَس یہِ اطلاع زِ اَکھ نفر چھ
آمُت یُس شہزادِ ہُنٛد کلہٕ دود بُلرا وِتھ ہیکہِ۔

بادشاہَن یێلہِ یہِ شێچھ بۆزتہٕ تٔمۍ وۆن ''سُہ نفر سۆزیوٗن مے نِش۔'' سعیدا
تہٕ بادشاہَن وۆنُس '' ہے شنہشاژٕ ہیکہٕ کھامیانہِ کورِہنٛدِس کلہٕ دادِس علاج کٔرِتھ؟ میانہٕ
مُلکہٕ کیو وارِیاہو حکیموکٔر اَمِس بُلراونٕچ کوٗشِش مگر افسوٗس، تِتھ دژ اونہٕ کانٛہہ تراۓ ژٕ نے
کیاہ وومید اچھے زِ ژٕ ہیککھ تِہنٛدِ کھوتہٕ کینٛہہ بہتر کٔرِتھ۔''

سعیدَن دِتُس جواب ''عالی جاہ، سبٹھاہ وومید چھَم ۔تو ہی اَنٲوِی تون شہزادٕ
تہٕ پانٕژٕن منٛٹن اندر آسہِ سوٗٹھیکھ''

بادشاہَن وۆنُس جوشہِ ہوٚت ''خدا بوٗزِن'' تہٕ کۆرُن کورِ آلو۔

شہزادی آیہِ۔ سو اُس سخت پاٗٹھی اَے تہٕ واَے کران تہٕ سو اُس سبٹھے
کمزور تہٕ ژھبتہٕ گمژ باسان۔

سعیدَن پلنا وتَس کُن یِہۍ مَتہِ گُلی دِلچ سو پیٹھ ۔یَتھ متعلق جاناوارَن وۆنمت
اوس زِ یہ چھے کلہٕ دادِس علاج تہٕ وۆننس '' ہے۔ یَتھ مُشک'' شہزادِ کوٚرِ یی تہٕ گیہِ فورن
ٹھیک۔ بادشاہ تہٕ شہزادی تہٕ بیێہ تمہ ساری یم اَتہِ موٗجوٗد اَسی سَپدی سبٹھاہ حٲران۔
بادشاہن کوٚر معلوٗم زِ سعید کُس اوس، سُہ کتہِ پیٹھ چھُ آمُت، سُہ کیاہ نِچھُ اَتھ شہرس منٛز
تہٕ تٔمۍ یێلہِ یہِ ساٲرے کہانی بۆزتٔمِس گیہِ اَمِس متعلق زبردست دلچسپی پاٲدٕ یُتھ زِ تٔمۍ اَمہِ

ساعتہٕ حُکم دِیُت زِ اَمی ہِنٛدِ محل خانس منٛز روزنہٕ خاطرٕ گژھن کمرٕ بناونہٕ یِنۍ۔ کیٚنٛہہ کالہٕ پتے کوٚر تمۍ پنٛنہِ کورِ اَمس سٟتۍ کھاندر تہٕ داجہِ رٛنگۍ دِژٕنس پنٛنۍ نصف سلطنت وۄں گوو اصلی اوس سعیدے وۄنۍ سارِنۍ ہے پتھ حکوٗمت کران تِکیازِ بادشاہ اوس وۄنۍ بُڈ یومُت تہٕ سُہ اوس وۄنۍ اندٕ ہتھے عوٲمی زندگیہِ نشہِ دستبردار سپدُن یژھان۔

اَتھ عزت مندی تہٕ خوشحاٲلیہِ منٛز تہِ گیہِ نہٕ سعیدَس سوٗنچ بصورت زنانہٕ مُشتھ یمہِ تَس سٟتۍ یُٹ غلط اوس کوٚر مُت۔ سُہ اوس تَس انتقام ہیوٚن یژھان تہٕ اَخرس گوو تمۍ سُنٛد یہِ انتقام ہُنٛک جذبہٕ تیوٚت تَس سُرۍ پیٹھی زِ سُہ گوو پنٛنِس ہیٚہرٕ بابس نشہِ تہٕ وۄنُنس مےٚ دِیتہٕ اجازت زِ بہٕ گژھہٕ ہا تِمن ڈاکوٗہَن ہُنٛد کرنہِ یکوٗ مےٚ اور یِنٛس دوران سوٗرے جایداد لوٗٹہٕ نیوٗ۔ گوڈٕ لاجاو بادشاہن اَمس اجازت دِنٛس دۄرٕ رِے مگر سعیدنہِ پتے روزنہٕ کِنۍ گوو سُہ اَخر اَمس اجازت دِنٛس پتھ مجبوٗر۔

سعید دژٕ او موٚ ہِنٛدٕ بن وغاَرن ہِنٛز بُڈ جماتھ تہٕ یوٚ ڈ خزانا ہتھ تہٕ دژٕ او سیوٚ دُے تِمس زنانہِ ہِنٛدِس گرِس کُن یمہِ اَمس دھوکہٕ اوس دیتمُت۔ تِمس سمکھتھ وۄنُس اَمۍ ''میاَنۍ ٹاٹھی۔ بہٕ کوٚتاہ اوس سے ژٕ ے کا نچھان؟ ژٕ ے کیازِ ترٛ وۄتھس بہٕ تتھہِ پاٹھی مَرنہٕ خاطرٕ؟ ہرگاہ نہٕ خدا صاٲبس مےٚ پتھ عار ییہ ہے تیلہِ گژھہٕ آسہٕ بہٕ وۄنۍ کبس ییتیٚتھ۔''

زنانہِ دِتُس جواب ''یہِ گوو میانہِ دٟسۍ یوٚ ڈ گوناہ۔ بہٕ اٟسس بیقل تہٕ کھوٚژ منٛز تہٕ کوٚرُم تہِ کینٛژھا یَتھ پتھ بہٕ وۄنۍ سخت پشتاوان چھس۔ بہٕ چھسے ژٕ ے التجا کران مےٚ دِمعاٲفی'' زنانہِ وۄنۍ یم لفظ ترٛ تھرِ لدِ پاٹھی تِکیازِ سو کھوٚژ اَمس۔ تمہِ سوٚنٛچ

پانہٕ ہے ٚستی "بہٕ پچیس وُنیس تانی دوپیہٕ پھٕرِ مگر وۄنی چھا پتاہ یہِ کیاہ کرِ مےٚ ٚستی؟"

اکہِ شبہٕ ییٚلہِ سوشونِگتھ اُس سعیدن تَج سو پئنٕد یتھ یہِ خاصیت اُس زِ امہٕ ٚستی اوس اِنسان خر بنان تہٕ نیٚن یہِ اُمس زنانہٕ ہٕنز نستہٕ کُن۔ امی ورِ زِ بدلیاو اُمی سُند بُتھ تہٕ سورٕے جسم ہَنہٕ ہَنہٕ خرٕ سِندِس بُتھس تہٕ جِسمس منزٕ تہٕ یانی یہِ سَپُد سوۄ ژھ تھو دتہٕ لاجن خرٹانگہٕ دِنہٕ۔ سعید گوو یہِ وُچھتھ تہٕ بوٚ زِ تھ خوش۔ تَمی اوس پَنُن بدلہٕ پوٚرٕ کوٚر رُمت۔ تَمی لَبہِ مکانچہِ سارے کُنزٕ تہٕ مُژراٗوِن اَتِکی ساری گَرٕ ، المارِ تہٕ صندوقہٕ۔ تَم ژور موٚلی چیز تہٕ لٔبِن تہٕ بییہِ جانا وارسُند کَلہٕ تہٕ۔ یِم ساری بوچِن گنٕڈِتھ دِتِن یِم پَنہٕ نِن نوکرن تہٕ حُکم دِیُتنکھ زِ پگہہٕ صُبحس روٗ زِ ونیرنہٕ خاطرٕ تیار۔ خرتہٕ کوٚر اٗمی یِمنے حوالہٕ۔

بُجہ دایہِ ییٚلہِ سہٕ دۄیمہِ دوہہٕ سُلے نیران وُچھ تَمہِ پرٕژھُس "ژٕ کیازِ درٕاکھ یوٗت جلد؟"

اُمی دِتُس جواب "چانہِ مالِکنہٕ نیہِ مےٚ سارے روپیہٕ لوٗٹِہ تہٕ ژٕ ج۔ وۄنی کمہِ خاطرٕ چھُ مےٚ بیٚتہٕ روزُن؟"

دایہِ وۄنُس "سوالے چھُنہٕ۔ یہِ آسہِ کاٗنسہِ بدل نفرن کوٚر رُمت تہٕ وۄنی ہرگاہ میانہِ مالِکنے یِمہٕ روپیہٕ نمٕ آسَن تیٚلہِ آسہِ یہِ تمہٕ ژٕ ٔے مخولہٕ ہنا کرنہٕ خاطرٕ کوٚر رُمت تہٕ ضروٗر دِیی سو جلدٕے واپس۔ بہٕ چھسے گلی گنٕڈان۔ ژٕ مَہ نیر۔ میانی مالِکنی ییٚلہِ واپس ییہِ تہٕ یہِ وُچھہِ زِ ژٕ چھکھ درٕ امُت سو سَپدِ سخت ناراض۔" اُمی وۄنس در جواب "مےٚ کیا تتھ ٚستی ــــ مےٚ چھُ نیرُن۔"

دُپہرس باگی اوس سعید پنُن موکلاوِتھ اُکس خوبصورت لو کچہِ کولہِ نگھہٕ

أ کِس بُڈِس کُلِس تلہٕ گنہِ ڈیرٕ ترٛ اُوِتھ۔ تٔمۍ وۄن اَتھ ووٚدنہِ اُ کِس نوکرس "مےٚ اَنتہٕ ہُتھ ترٛ لیش۔"

یہِ نوکر دزٛا و ترٛ لیش اَنِنہِ زٕاُ کر گامہٕ وأ لۍ دِژٕس کرٛنکھ "یہِ ترٛ لیش یِنہٕ پَنہٕ نس مأ لِکس دِکھ۔ یہِ چھُ زہرِ قأتِل۔ چون مأ لک یا بینہِ تہِ کانٛہہ ہرگاہ اَمہِ منٛزٕ اَکھ دام تہِ چینٛہِ سُہ بچہِ نہٕ زیادٕ کالَس۔ ژٕ کھَس کولہِ ہیوٚر پھَن بتہٕ اَتی میلی ژےٚ ترٛ یشہِ لایق آب۔ "نوکرَن کوٚر یلی۔

سعیدس اوسنہٕ پتاہ زِ اَمِس کیا زِلوٚگ ژیرتوے کھوٚت تَس سخت شرارت تہٕ گوو بےٚ قرار۔ تٔمۍ پرٛژھُس "ژےٚ کیا زِلوگُتھ یوٗت ژیر؟"

مےٚ وۄنُکھ زِتَمہِ لڈے مَہ اَن کولہِ منٛزٕ ترٛ لیش یوسہٕ ژےٚ بۄ وٛنہہ گنہِ چھےٚ تِکیا زِ یہِ چھُ زہرِ یلہٕ۔ توے گوس بہٕ کولہِ ہیوٚر گُن ییتِھ مےٚ وَننہٕ آو زِ اَتہِ چھُ ٹھیک آب۔"

سعیدن وۄن حأرأنی سان "عجیب، یہِ چھُ سیٹھاہ عجیب۔ ژٕ أُن کانٛہہ گأمی بُلاوِتھ تہٕ پرٛژھُس امیک وجہ۔"

وارِیٛہہ نفر اَنِکھ بُلاوِتھ مگر کانٛسہِ اُکِس توٚگ نہٕ یہِ سمجھاوُن۔ یہِ کینٛژھا گامہٕ کِنِن پتاہ اوس سُہ اوس یتِے زِ اکِہِ خاص جایہِ پیٚو راوس کولہِ سیٹھاہ زہریلہٕ آب۔ لہٰذا دِیُت سعیدَن حُکم زِ اَتھ جایہِ کھٔنِو وارِیٛہہ سرٛرَس تانی تہٕ کھاُلو سُہ مولیہِ۔ تٔمۍ أنۍ گامہٕ منٛزٕ کینٛہہ مزوٗریہِ کھننہٕ خأطرٕ تہٕ نیاوُن یہِ مینٛژ خرس پتھ دۄرگُن تہٕ تٔتی دۄ براوُن۔ یتھہٕ کنٛ گیہِ کول صاف تہٕ لوٗکھ گےٚ سیٹھاہ خوش۔

خۄن پۄژ ژھُس "ژٕ کیاز زِچھکھ مےٚ یہِ ؤسی پایہِ کأم کرناوان۔ یہِ اوسنا کأنٛی زٕ ژےٚ بناوٕتھٕس ئہ جانور۔ یہِ گتھ تھوو تھم تقدیرس بیا کھےٚ لانج؟"

سعیدٕن وۄنُس نہٕ یورٕ کہنی۔ پگہہ صُبحس دزٕ اوسہ بۄ وٕنہہ کُن تہٕ توٚت تانی دِژن نہٕ دَم یوٚت تانی نہٕ ہیٚہرٕ بابہٕ ہنٛدِس مُلکس منٛز ووت۔ ییٚلہِ سہٕ اوروٚوت تہٕ شہرس منٛز سپدی زبردست شأدیانہٕ تِکیازِ سہٕ اوس زبرپأٹھی راج کران تہٕ سبھٕناہ مقبول اوس۔ اَمہِ پَتہٕ کٔمی کأنٛی ییٚلہِ تمہٕ کرِ یہِ زون زِ مےٚ چھُ وۄنی تیٚوٚت عزت تہٕ طاقت زِ بٕہ ہیکہ نہ بدخصلت مگر خوبصورت زنانہٕ ضرور رکاپہِ رٔٹِتھ تہٕ کوٚرن اِرادٕ بہ اَنٛن وۄنی یہِ پنٛنہِ اصلی شکلہِ منٛز۔ لہٰذا دِژنس بیا کھ پہنٛد مُشک ہہنہٕ خأطرٕ تہٕ سو بنیہِ دُبارٕ خوٗبصورت زنانہٕ۔

تمہِ پۄژھُس "میانہِ ٹاٹھہِ۔ ژےٚ کیازِ کوٚرتھ مےٚ ستی یہِ؟"

أمی دِژُس جواب "تِکیازِ بٕہ اوس ستھ ژٕ سبق پرٕھان ہیچھناوِنی۔ وۄنی تھاو میوٚن طاقت ذٕہنَس منٛز مےٚ خلاف کینٛہہ تہِ کرنٕچ کوٗشش چھےٚ فضوٗل۔ بیٚیہِ دۄچھ میوٚن لول تہِ۔ مےٚ چھُ ژےٚ خأطرٕ اَکھ مُنأسب مکانہٕ بنوومُت۔ ژٕ روزٕتی تہٕ یہِ کینٛژھا تہٕ ضرورت اُسی تہٕ تِیی ژےٚ واتناونہٕ۔"

اَمہِ زنانہِ کوٚر یہِ قبوٗل تہٕ اَمہِ یپور کُن روٗز پنٛنہِ نِس اُمِس عاشقس وفادار۔

## سعیدتہٕ سیدُن دُبارٕ سمکھُن:

سعیدن کٔر اَمہِ پَتہٕ پنٛنِ لوٗکٹ بوےٚ لیٖنچ پۄژ بتھ کانٛہہ کوٗشش۔ تمۍ سوٗزی پنٛنٕ خبری دُنیاہکس پۄژ بتھ جھَس منٛز تہٕ کوٚر نگھ بۄڈی انعامہِ دِنک وعدٕ ہرگاہ تمن کامیأبی

سَپد۔ بِتہٕ طالع ۔ کنہِ ووت یمو منزٕ اَکھ خبری تتھ مُلکس ییتہٕ سید حکومت اوس کران۔ اَمی لوٚب سہ یتھۍ کنۍ۔ اکہِ راتھ ژٕٹھہر یاویہِ اَکس بے آسرٕ بجہِ ہنزٕ پارِ منز یوسہٕ سید سٕنز خأرات رَٹن والیو منزٕ اَکھ اوس۔

اَمی پرٛژھس (بجہِ) ''موجی۔ژٕ کتھہٕ پأٹھۍ چھکھ زِندٕ روزان؟''

بجہِ ووٚنُس در جواب ''اچھا ژٕ چھکھ مےٚ یہِ پرٛژھن یژھان زِ بہٕ چھس نہٕ کُنہِ کامہِ کارس لایق مگر سون بادشاہ چھُ سبٹھاہ رُت تہٕ عأدِل۔ سُہ چھُ دوہدِش شہرس منز وارٕ یہن غریبن، بُڈن تہٕ بیمارن خأرات بأگران۔ ہرگاہ نہٕ سُہ یہِ خأرات دِیہِ ہے اَسہِ منزٕ مرٕ ہن وارٕ یہہ۔ شُکر خدایس کُن زِ اَسہِ چھُ یتھ بادشاہ۔ شُکر خدایس کُن!''

''توٚہہِ کُس چھو بادشاہ؟ سُہ چھا ییٚمی مُلکُک؟ تُہٕ سُند مول موج کتہِ چھُ روزان؟ اَمی خبری یَن پرٛژھس۔

تَمہِ ووٚنُس ''مےٚ چھنہٕ پتاہ۔ دپان سُہ چھُ وارٕ یہہ دوٗرِ آمُت تہٕ سفرس دوران چھُ بأیس نشہِ ژھبنہٕ گوٚمُت یُس اَمس بڈٕ ٹوٹھ اوس۔ تُمۍ چھِ پرٛ بتھ لٹہٕ خبری سوٗزی مٕتۍ یتھ زِ تم کوٗشش کرن تہٕ تسٕنز کانٛہہ شیٚچھا خبر انَن تہٕ اکھتے اَمی ہندِس مأکُر ہسٕنز تہٕ۔''

خبری یَن ووٚنُس ''مےٚ ہیکیاہ تُہٕندِس بادشاہَس سٕتۍ ملاقات سپد تھ؟''

تَمہِ ووٚنُس ''آ۔ بلکل۔ بادشاہ چھُ پرٛ بتھ کأنٛسہِ ہنزٕ گتھ بوزان۔ یُس اَکھا ییٚژھہِ سُہ ہیکہِ گژھتھ تہٕ کُنہِ تہٕ وِزِتس سٕتۍ گتھ کرِتھ۔''

لہذا اوڈیمہٕ دوہہٕ صُبحٲے تِتھے أمی بوٗزِ بادشاہ چھُ وۄتھمُت سُہ وۄتھ تہٕ گو
محل خانہٕ تہٕ اَتہٕ وۄنُن زِمے سمکھاوی تو بادشاہس۔ أکی مُلازِمن زون زِ یہِ آسہٕ
خاص کامہِ خٲطرٕ آمُت لہذا انیوٗن بادشاہٕ سٕنِدس ذأتی کمرس منز۔ خبری ینٛن وۄنُس یان
پتھر ترٛاوِتھ "اے بادشاہٕ بہٕ چھُس چأنی بأے سعیدَن ژٕ نِش چأنی خوش خبر زانٕنہٕ
خٲطرٕ سوٗزمُت۔ خدا ینٛن چھُ تَس سٮ۪ٹھاہ زیادٕ سوٗزمُت تہٕ سُہ چھُن اکِہ بڈِ تہٕ طاقتور
سلطنژ ہُنٛد حکمران بنومُت مگر تَس پیہِ نہٕ راتس تہٕ دوہَس توٚت تانی قرار یوت تانی نہٕ
چانہِ رِیاسژ متعلق بوزِ۔"

یٮ۪لہِ سیدَن یمہٕ کتھہٕ بوزِ تَس وۄتھ دُبد رتہٕ چھُس نہٕ پھوران تہٕ کینٛہہ۔ نہٕ
کینٛہہ کتھا باتھا خبری یس ستی کٔرِتھ بُلاونوون پنٕن اکھ وزیر تہٕ دِیتٕنس حکم زِ یمس
خٲطرٕ بناوناوشاندار لباس تہٕ بیٚیہٕ تھاوی زِ خیال زِ یہِ أمس ضرورت آسہٕ تہٕ واتناوی
زیوٗس۔ کُ وۄن أمس پتہٕ زِمے بوٗزِ سٮ۪ٹھاہ بڈ وٕنہہ ژھبنہٕ گٲمِتس بأے سٕنٛز خبر۔ سعید
چھُ فلأنی مُلکک بادشاہ تہٕ بہٕ چھُس فورَن تَس نِش گژھتھ سُہ وُچھُن یژھان۔ لہذا
گژھہِ فِلفور سفرٕ خٲطرٕ انتظام ینُن کرنہٕ۔ مگر وزیرَن دِتُس نہٕ امہِ سفرُک مشورٕ تکیازِ
منز أسی وارٮ۪ہہ ملک یوان یمن بادشاہ سٕنٛز دشمنی أس۔ لہذا اوٚنہس زِژ ترٛاویہِ خیال
تہٕ سوزِ پننہٕ نِس بأیس سعیدس شیچھ یُس چانہِ کھوتہٕ زیادٕ طاقتور چھُ باسان۔ تتھہٕ کٕنی
سُپُد سید وارٮ۪ہہ مویوس حالانکہِ تَس تو رِ فکرِ زِ وزیر أسی صحیح ونان۔ لہذا اوٚنُن خبری یَس
ڈلی ڈلی واپَس گژھتھ پننہٕ نِس بأیس یورِچ شیچھ خبر ونِنہٕ خٲطرٕ تہٕ وۄننس پتہٕ پیہ
تورِچ خبر ہیتھ دُبارٕ یور۔

أ،کس دۄن دوہَن تھکھا وکھا کَڈِتھ دزاو یہِ خبری تہٕ ووت وارٕ پاُٹھی پٔتّن مُلک اَتہِ وۄنُن پَنٕنِس بادشاہَس تہِ سأٔلم یہِ أکی تہٕنٛدِس بأیِس متعلق وٕچھمُت تہٕ بۄزمُت اوس۔ سعیدن کوٚر شأدیانہٕ تہٕ خبری یَس دِتُن بوٚڈ انعامہٕ۔

تٔمی کوٚر جلدٕ ے اکہِ منصوٗبک انتظام۔ یُتھ زِ تمہِ سأری مُلک یہَن زیٖنٕنہٕ یمہٕ أکی ہٕنٛدِس تہٕ أکی ہٕنٛدِس بأے ہٕنٛدِس مُلکس درمیان أسی۔ تٔمی سوٗز بأیس شیٖچھ زِ ژٕ کراورٕ پنٕنہٕ لشکٕر کینژَن مُلکن ہٕتی جنگ ییٚلہِ زَن بہٕ پنٕنہٕ لشکٕر کین مُلکن ہٕتی جنگ کرٕ۔ أسی چھِ زیادٕ أمیر تہٕ طاقتور لہٰذا اَسکو کھأسی یِم ہارنأ وِتھ تہٕ ہارنأوِکھ تہِ۔

سُہ کتہٕ تگہِ وَنُن زِ ییٚلہِ یِم فتحمند بادشاہ پانہٕ وأنی دُبارٕ سمکھی تمہِ کِتیاہ خوش أسی۔"

(راوی: مُکند بایو۔ سوٗتھ سرینگر)



# ظالِم باپاری

اکہِ وقتہٕ اوس اَکھ باپاریاہ یُس پَنٕنین نوکرَن سیٹھاہ سختی اوس کران۔ییلہِ تِمس نِش کانٛہہ نوکری خاطرٕ اوس یِوان سُہ اوسُس یِتھ شرطس پیٹھ نوکری دِنی مانان زِ ہرگاہ تِمی کُنہِ وِزِ بدزبانی کر یا شرارت ہوٚون تِمس پیہِ تیٚلہِ نَس ژٹنہٕ۔نوکرتہِ ماچھ واریہَن مالکن ہنٛدِ کھوتہٕ رِتی آسان توٚے تہِ چھنہٕ پیہِ بوٗزِتھ اَسہِ کانٛہہ حاراُنی باسان زِ واریہو ژھنی اَمِس باپاری سٕنٛز نوکری ترٛاوِتھ مگر نَس راوِتھ۔یِمو نوکرو منٛز اوس اَکھ غریب گرٕیُس یَس فصلَس نہٕ یوٚن گرٕ ھنہٕ کِنی اَمِس نِش نوکری اَس کرٕنی پییہٕ۔یہِ نفر اوس کُنٛجہِ علاقس منٛز بسان تہٕ اَتہِ اَس صرِف مکایی یا ژ ووہ پدان تہٕ اَمہِ وٕرکہِ پیہِ اوس کیٚہ روٗدیٚو پیٚومُت تہٕ اَوکِنی اَس محنت تہِ تہٕ خرچہ تہِ ضایع سپدمُت۔یہِ شخص اوس سخت رَلہِ وٗن تہٕ بییہِ اوسُس مانہٕ زانُن تہٕ ہرگاہ کانٛسہِ ہنٛدِ اَمِس باپارِس نِش نوکری جارى تھاونک امکان اوس تہٕ سُہ اوس یوہے۔مگر افسوٗس! پیتہِ سپدِ اَتھ منٛز ناکام۔اکہِ دوٗہہ اوس سُہ گَتھ تانی معاملس متعلق پریشان یِتھ دوران اَمِس مالکن کیٛاہ تانی وٗن کوٚر تہٕ پیہِ باپاری اوسے ناسہٕ ترٛاسہٕ کتھہٕ ونان یا کامہِ کران اَمہِ کِنی کھرٕ

أمِس گرٕ پسی تِس تہٕ تہٕ کٔرِن شرارتہٕ سان گتھ۔ یتھ پٔتھ باپأرک وۄتھ تہٕ ژھٕنٕ نٕس نٕس ژٕ ٹتھ۔

گرٕ پسی تِس اوس اکھ بوے یَس بأے سُندیہ نستہٕ رۄستے آسُن سخ مُشکل گووتہٕ کوٚرُن قصد زِ یہ ہمہٕ أمِس (باپأرِس) أمیک انتقام۔ لہذا گووٕ سوداگرس نِش تہٕ وۄنُس زِ بہٕ کرہا ژے نِش نوکری۔

باپأرک وۄنُس "اَدِ جان گوو۔ بہٕ دِمے ژے نوکری مگر صرف یتھ شرطس پٔتھ زِ ہرگاہ ژے زانہہ بدکأمی کٔرتھ یا شرارت ہوٚوتھ تیلہِ ژٹےٕ بہٕ نٔس۔"

أمی نفرَن وۄنُس "مے چھُ قبوٗل مگر تیلہِ آسہِ چانہٕ خأطرٕ تہٕ یہ شرط۔"

باپأرک وۄنُس "ٹھیک چھُ"

أمی سوٗچ زِ "ہرگاہ یہ أکِس دٔرِس خأطرٕ ٹھیک چھُ تیلہِ چھُ بیٚیِس خأطرٕ تہٕ۔"

یہ چلیو ووارٕ یہس کأمِس ٹھیک پأٹھی۔ دۄشوٕے مأ لک تہٕ تہٕ نوکرتہٕ أمی پننہٕ نِس کلامَس تہٕ کامہِ کارس منز حبہٕ تہٕ دۄنوٕے أمی غصہٕ قابوٗ ہَس منز تھاوان۔ وۄن گوواکہِ دۄہہ دِیُت مألِکن پننہٕ نِس أمِس نوکرس حُکم زِ ژٕ لاگ دِدِوٚ مینس نچوٗس پلو۔ یہ گووتہٕ شُرس پلولاگان لوگنس اور یورلُمن۔ یتھ سۄ دورِ ہے تہٕ قدرتی شُرِس ماچھُ یہ خوش کران تہٕ تُمی ژُل ہے، ببا! موجی!

باپأرک وۄنُس "ژٕ کیاہ یہ کران؟"

تُمی وۄنُس زِ "بچہ چھُ نہٕ پلولاگنہٕ خأطرٕ اورٕ یور کران بلکہ چھُ تھٕرے ہیتھ روزُن یژھان۔"

اَچھاتہٕ مألِکن اوس تَس یہِ حُکم دِتمُت زِ ؤلِی ؤلی لاگ شُرِس پلو یہِ زَن ڈ؟ مژٕ کُنوہَن زنٕنن أمی سٕنٛدِ کلامہٕ تلہٕ فِکرِ ترٕ ہے مگر یَمَن لفظن ہیکہِ ہے یہِ معنہِ تہٕ کڈنہٕ یتھ زِ ''اورِ یورتُل دَوتہٕ بچَس لاگ پلو'' تَوے کوٗ ڈأمی اَتھ کلامَس یِی معنہِ، یہِ سوٗچھ زِ اَمہِ سٟتی کھسہِ میأنِس مألِکس شرارت تہٕ کُنہِ حدس تانی گوو نہٕ اَتھ مژٕ کامیاب تہِ (مگر پوٗرٕ نہٕ)۔

ییٚہِ ساعتہٕ دژٕ او باپأرِی پٔنٛن سوٗرے عیال ہیتھ أکِس جایہِ کینژٕن دوہَن روزنہٕ خأطرٕ ییٚتہٕ یوٗ ڈمأکہِ لگان اوس۔ تٔمی کوٗر گرٕ نوکرس حوالہٕ تہٕ نیرنہٕ برٛونٛہہ وٗنس دراہن درواژَن پیٹھ تھأوی زِ نظر۔ أمی کوٗرُس وفادارپأٹھی وَعدٕ۔

أمی سٕنٛدِس مألِکس اوس نہٕ وُنہِ نیرِی ہتس زیادٕ کال گوٚمُت زِ أمِس تہِ گیہِ سخت خأہش زِ یہِ تہِ گوٚھہا مألِس۔ اَمہِ کٔنی کوٗر أمی گرٕک سوٗرے سامانہٕ جمع تہٕ ترٛوٗن یہِ أکِس بڈِس دوٗبَس مژٕ۔ باپأرِی سٕنٛد حأران ییلہِ تٔمی پٔنٛن نوکرتہٕ تس پتہٕ مزوٗرَن ہنٛز ژ ہتھ لأنادارِتہٕ درواژٕ پکناوان وُچھ۔ تٔمس کوٗتاہ زہر آسہِ کھوٚتمُت نہٕ ہیکہِ پانے اندازٕ کرِنہٕ ہیتھ۔

کرِیکھ دِژُنس '' ہے بے وقوفا۔ یہِ کہو چھُتھ کوٗرمُت ؟ ''

نوکرَن دِتُس جواب '' بس حضٕ یہِ توہہِ حُکم دِتُوم تہِ کوٗرُم۔ توہہِ وٗنوےٚ دارِبن درواژَن ہُنٛد تھأوی زِ خیال تہٕ تِتھُےٚ مےٚ گرِ نیرِنچ تہٕ مألِس تیٚنچ خأہش گیہِ مےٚ دوٗپ زِ یہِ یوٗ دَوے یِم پانٕسے سٟتی پکناوکھ یِم روزَن زیادٕ محفوٗظ۔ باقے سامانہٕ تہٕ فرنیچر تہٕ چھُ محفوٗظ، مےٚ چھُ نہٕ سأرُلم دوٗبس مژٕ ژوٗرِ تھوومُت۔ ''

"ہیوپا گلا" وۄنُس باپأرِ تہٕ وأ جنس بُتھس کُنی چپاتھ۔

اورٕ وۄنُس أکۍ "ہَہ ہا" تہٕ پُتۍ۔کنۍ گرٕدٕ ژتھپھ کُرِتھ نی نَس نَس ژٕٹھ۔ "أسۍ سپدۍ وۄنۍ بیۄن۔ یہٕ گرٕ ھہٕ تہٕ وَنہٕ پَنہٕ نِس بأیس۔"

(راوی: مکند بایو، سوتھ سرینگر)



# شیراز ک پوٚژھ

سبٹھاہ پَتھ کالہِ آوا کھ شیرازی کشیرِ تہٕ گووٲ رکس پژٲنس دوستہٕ سٕنٛدِ
رٔ دتربن دوہَن تَس رنش ـ اُمِس دوستس اوس پننہِ مہمان نوازی پیٹھ بڈ فخر تہٕ رژُن
پَنہٕ رنس دوستس خاطرِ اکھ بوٚڈ سال ـ کالچس کھنبس دوران لوگ اُمی قدرتی اُمِس
گُن وُچھن زِیہِ دِیہِ اَتھ متعلق کینٛہہ باس تہٕ شیرازِس ییلہِ فِکرِ توٚر زِیہِ چھُ کینٛہ
تعریف مےٚ رنش بوزُن یژھان تہٕ کِمے کینٛہہ کائلی وؤنُن زِ کھبن اوس ٹھیک، سبٹھاہ
جان مگر تِیُتھ نہٕ زِ یُتھ سأنس مُلکس منٛز پیش چھُ یِوان کرنہٕ ـ اَمہِ پَتہٕ گیہ بیِٛہ
کتھا باتھاتہٕ دژاے پَتہٕ اوٚر یور ـ

مگر میزبان اوس شیرازی سٕنٛدِ طرفہٕ کھنبس متعلق بؤ زِتھے تعریف کرنہٕ رُز
تیوٗت مایوٗس زِ تَس آیہِ نہٕ ننٛدرِ رے ـ سأری سے رأژ اوس نہٕ پَنہٕ نبن احساس زنہٕ
اَنٛدری دَم کرِنچ کوٗشش کران تہٕ نتہٕ اوس یہِ منصوبہٕ بناوان زِ پگہہ خاطرِ رنناوبہٕ اَمہِ
کھوتہٕ سبٹھاہ بوٚڈ سال تہٕ سبٹھاہ خرچہِ کرِ اَتھ پیٹھ ـ گاش پھولنے گووسہٕ تہٕ اوٚنُن واز
تَس ووٚنُن تیٚتھ سال تیار کرنہٕ خاطرِ تہٕ رَژھہِ رَژھہِ سمجھووُن سہٕ پژ بتھ کینٛہہ یتھ زِ کم
از کم پوٚژھ وَنہِ زِ کھبن چھبن اوس تیٚتھ برابر یہِ زَن تہنٛدِس مُلکس منٛز تیار چھُ کرنہٕ
یِوان ـ تہٕ ہرگاہ سہٕ اَتھ منٛز کامیاب سِپُد تہٕ تیٚتھ صوٗرژ منٛز کوٚر نَس داہ روپیہ بخشأیش

دِنک وعدٕ۔ مگر یہِ أسیٚ نہٕ کامیأبی۔ یہِ سائلم خرچہِ تہٕ یمہٕ سارے ضیافژ تیار کرنس دژاو نہٕ کاںہہ حأصِلا تِکیا زِ اَتھ متعلق آووَننہٕ زِ یہِ اوس شیراز چو ضیافژ و کھوتہٕ کم پایہِ۔ یِنہٕ زِ اَتھ منز أس واژٕ سٟژ کاںہہ کوٚتأہی۔ بلکہِ ہیکہِ ہے نہٕ اَمہِ کھوتہٕ جان سال نہ رَننہٕ یتھ تہٕ نہٕ پیش کرنہٕ یتھ۔ اَمہِ پَتہٕ باسیاو کأشرِس زِ شاید چھنہٕ واژٕ زیادٕ کأسِب۔ یتھ یہِ تٔمِس متعلق سوچان اوس تہٕ توے اوٚنن وۄنی تس بدل وۄنی بیا کھوٚہنیوٚیس بیٚیہ دوہہ خأطرٕ اَمہِ کھوتہٕ تہِ سبٹھاہ عالی شان سال تیار کرنہٕ خأطرٕ وۄنن تہٕ وعدٕ کوٚرنس زِ ہرگاہ پٔژھی تعریف کری تیٚلہِ دِمے بہٕ ڈُہہ روپیہِ انعامہٕ۔

مگر اَمہِ باجوٚ دآواوِ سُے جواب۔ ”میأنہِ یارا چون یہِ کھٔمن چٔمن ناولتہٕ نہٕ تَتھ یہِ زَن میأنس مُلکس منز کھیاونہٕ چھُ یِوان۔“

کینٛہہ وٚری گُزریاے تہٕ یہِ کأشُر اوس سفرس دژ امُت تہٕ یہِ وۄت شیرٲزی سٕندِس مُلکس منز تہٕ أمِس پرٲنس دوستہٕ سُند گرٕ معلوٗم کرِتھ ووت أمِس نِش تہٕ بنیاو أمی سُند پوٚژھ۔ أمِس سپَزٕ لتہِ سو دِلہٕ خوش آوَے تہٕ وۄنہَس زِ ژٕ ٹھٔہر بیٚیتہٕ ترٕبن دوہن یَتھ أمی اقرار کوٚر۔ اَتھہٕ بُتھ چھٔلِتھ تہٕ پلو بدلأوِتھ بیوٚٹھ سُہ تَھر تہٕ لوٗگن اطمنانہٕ تہٕ دوستی سان تموک چوٚن یوٚت تانٛی کھٔمن چٔمن اوس تیار سپدان۔ سُہ روٗ دبڈٕ ووِمیزٕ تہٕ تجسُس سان پژراران زِ بہٕ کرُ وچھہِ زِ یہِ کیٛتھ کھٔمن آسہِ۔ تٔمی سوٚنٛچ زِ ”وۄنی کیاہ وُچھہِ بہٕ زِیمَن شیرازٕ کیٚمن ہٕنٛدی سال، کتھہٕ کنٛی چھہِ سانہِ کھوتہٕ جان آسان۔“ پھیکرس تہٕ آو کالُک کھٔمن چٔمن واتناونہٕ۔ اندازٕ کرِ وزِ کأشرِس کوٚتاہ زہر آسہِ کھوٚتمُت تہٕ حأران آسہِ سپُدمُت یٚیلہِ تٔمی وُچھ اَتہِ بڈٕ بَتہٕ ترٕ أمیاتہٕ أتھی پیٹھ اور یور سبزی ٹیٚکی ترٕ أوِتھ تہٕ ییٚے

تھاؤ ہَس بڑ دٕنہہ کنہِ۔ گوڈٕ باسیاوأمس زِیہِ ماچھُ خواب وُچھان تہٕ لاجَن أچھہِ مؤرنہِ زِئہ پھساہُشارٕ ے۔ اَتہِ اُس توتہِ سوے سبزی ٹیکٕی تژ اُتِھ بَتہٕ تژ اُمی تَس بڑ دٕنہہ گنہِ۔ تٔی دِژ دُبارٕ اُچھن مُرن، اؤنگجن کڈِن ٹپس تہٕ زنگن کوٗ ڈُن واش مگر اَتہِ وُچھن سوے بَتہٕ تژ اُمی۔ اَتھ اوسنہٕ کانٛہہ شکے۔ بَس یہوے بَتہٕ تہٕ سبزی اُس اُمی ہنٛدی میزبانَن اَمہِ کالہٕ خأطرٕ تیار کرمٕژ۔ (سوٗچُن زِ) شاید یہِ معموٗلی کھنہ چینہ ما اوس اَوٕ کِنۍ زِئہ اوس اورژٕ پری ووتمت تہٕ پگہہ یہِ زبردست سال دِنہٕ۔ پگہہ تہٕ وؤت تہٕ تژ ییم دوہہ تہِ مگر توتہِ آو اَتہٕ پی کھنہٕ خأطرٕ دِنہٕ۔ اُخری کالہٕ وِزِ ہیوٗک نہٕ کأشُر پَنُن پان یہِ وَنِنہٕ نِشہِ پَتھ رٔٹِتھ زِکی کمہِ وجہ کِنۍ اوس یہِ ووٗتمت زِ کأشرن ہُنٛد سال چھُ شیرازِین ہنٛدِ سالہٕ مقابلہٕ پَتھ پایہِ۔ میزبانَن ووٗنُس "آ۔ ئہ وَنے۔ اُسی شیرازٕ کی لۆکھ چھہِ بڈٕ سیوٗد۔ اُسی چھہِ تہنٛدِس یورپنِس خوش گژھان تہٕ گرِکی پأٹھی چھوواتان۔ ژٕے کھیوتھ چوتھ اَسہِ ستیٖ راتھ، ازتہٕ ہمیشہِ چھُکھ ژٕ تیتھے پأٹھی کھوان۔ مگر یُس سال ژٕے میٚأنِس اعزازس منٛز کوٗرمُت اوسُتھ (تمہِ خأطرٕ چھسے ئہ ژٕے شکریہ کران) سُہ اوس سبٹھاہ خاص مگر اکہِ دوہہٕ خأطرٕ۔ اِنسان ہیکہِ نہٕ ہمیشہِ تمہِ حسابہٕ زندگی گزأرِتھ تکیاژِ اَمہِ ستیٖ گژھہِ میزبان سُنٛد چندٕ جلدٕ ے ژھوٗرتہٕ پٔژھی ستٛریڈ تہِ گژھہِ خراب۔ تہٕ دوشوٕنی ہنٛدِ خأطرٕ چھُ اَتھ خراب نتیجہٕ۔ لہٰذا یہِ کینژھاہ مے ووٗن تتھ متعلق چھے مے پڑھ زِژ بھگھ اَیِچ حقیقت۔

(راوی: مہتر شیر سنگھ، کارگزار ناظم، سرینگر)



# شبرنگ-شہزادٕ تہٕ ژوٗر

کٲشیرِ ہٕنٛدِس اَکِس بادشاہَس اوس شکار کرنُک سخت شوق۔ اکہِ دوہہٕ گوٚو سُہ دوٗر اَکِس جنگلس کُن شکار کرنہِ تہٕ اَتہِ وُچھن اَکھ جانور تہٕ دوڑیاو اَمِس پتہٕ تیوٗت زِ اَمہِ برٛونٛہہ یا اَمہِ پتہٕ سیٚکہٕ زانٛہہ یہِ اَمِس ستیٚ۔ یہِ اوس اَمِس تیٚرس پیٹھ تیٚر لایان مگر اَمِس لوٗگ نہٕ کانٛہہ۔ یہِ جانور حاصل کرنکہِ اِرادٕ دوریاو یہِ اَمِس پتہٕ بییہِ تہِ تیز۔ سُہ دورِیا وواریَہہ دوٗرتانٛ تہٕ پٔنٛژستیٚ واٲلی ترٛاوِن تیوٗت پتھ زِ نہٕ اَسِس ووٚنی اَتھ یِوان تہٕ نہ اوس تہنٛزٕ آوازٕ بوزان۔ آخرس اوسنہٕ ووٚنی سُہ اَمہِ برٛونٛہہ دوٗرِتھ ہبکان تہٕ لہٰذا ارٛکیاو۔ تٕمۍ وُچھ زِ سُہ اوس اَکِس خوٗبصورت باغس منٛز ووتمت تہٕ اچھِ اَکِس وَتہِ پیٹھ اَس اَکھ مارٕ منٛز کوٗر گٔنی زٔنی پکان۔

اَمِس کُن گوٚژھتھ ووٚن بادشاہَن ''اَہا۔ یقیناً۔ ژٕ ہٕشہِ زنانہِ ستیٚ کھاندر کرنہٕ پتہٕ ہیٚکہٕ بہٕ بیٚتی جنگلن منٛز بیہتھ۔''

اوٚر ووٚنُس اَمہِ نازنینہِ ''پٔنٛزٕ کنٛہ۔ بہٕ گژھٕ ژٕ ہیوٚس کانٛسہ ستیٚ کھاندر تہٕ نٕہ بم نیٚچو تہٕ سُہ نیٚچو گژھہِ چانہِ کورِ ستیٚ کھاندر گرُن۔''

اَمۍ سٕنٛزٕ اَتھ حاضر جوابی تہٕ چالاکی پیٹھ سیٚکہٕ بادشاہ حٲران تہٕ دزاو۔ اَمہِ

باغہٕ منٛز نیرتھ ووت واپَس پَنہٕ نِس محل خانَس منٛز تہٕ اَتہِ کُرِن أمِس خوٗ بصورت کو
متعلق پرٛ ژھہِ گاٗر۔ ہٕنٛز ہیوٚ کنہٕ أمِس متعلق کینٛہہ وٕنتھ تہٕ اَمہِ کِنہٕ سوٗ زاٗمۍ پٔتُن اکھ
خبری یُتھ سہٕ أمِس متعلق پوٗرٕ زانکاٗری حاصِل کرہے۔ پَتہٕ نیٚیاوِ زِیہٕ أس اکھ شہزادٕ
تہٕ أس تتھ باغس منٛز اَتہِ کوٚخوٗ بصورت پوشو، صاف آبہٕ ژادروتہٕ خوشبوٗ نظاروخاطر
اکثرِیو ان یِیٚتہِ سو بادشاہَن وُچھنہٕ أس۔

یہِ بوٗزِتھ وۄن أمۍ کٔشیرِ ہِنٛدی بادشاہَن ''مےٚ چھُ أمِس ستۍ کھاندر
گرُن۔'' تہٕ اَمہِ کِنہٕ دِتُن سیٹھاہے ہُنر مندتہٕ تجربہٕ کار منٛزِم یار بن حُکم زِ تِم سپدِن فورن
روانہٕ تہٕ یہِ کھاندر کرِن طے۔ منٛزِم یاٗرۍ دژاے تہٕ یام تِم أمِس شہزادِ ہِنٛدِس ماٗلِ
ہِنٛدِس مُلکَس منٛز واٗتۍ تہٕ تِموکوٚر بادشاہَس ستۍ مُلاقات حاصِل۔

تَس برٛونٛہہ کنہِ نُمتھ کوٚر ہَس عرض ''أسۍ چھِ ہٕنٛزِ بادشاہَن توہہِ نِشہِ اکھ
خاص مقصد سوٗزِ متۍ یُس نہٕ أسۍ سارِنے تھِیہٕ توہہِ وٕنتھ ہیکو۔ أسۍ چھِ توہہِ درخاس
کران زِ ہرگاہ توہہِ مُناسِب باسِو أسۍ کرہو توہہِ ستۍ الگ پاٗٹھۍ کتھ یِیٚتہِ صرف توٚہۍ تہٕ
تُہنٛد وزیرِ اعظم آسہِ۔''

بادشاہَن کوٚر کُھ اقرار تہٕ فورَن دِتُن ایوان خاٗلی کرناونُک حُکم تہٕ پَتہٕ یِلہٕ
اتہِ صرف سہٕ تہٕ وزیرِ اعظم روٗدۍ تہٕ یِم سفیر نمے بیٚہِ تِتھے کِنہٕ تہٕ کوٚر ہَس عرض ''بادشاہ
صاٗب، خدا پوشہِ ناٗوۍ نو! تُہنٛدِس سلطنتس منٛز أسِن اَمَن تہٕ پاپرجاٗیی تہٕ تُہنٛد بن
سارِنے دُشمَن گرٛژھِن چھوکہٕ وَدل۔ بادشاہ سلامت أسۍ چھِ توہہِ نِشہِ یِمہٕ خاطرٕ
سوزنہٕ آمٕتۍ زِ تُہنٛزِ صاحب زادِ یَنٛدِ حُسن وجمالٕچ مشہوٗری سارِنے مُلکَن چھےٚ واٗژمٕژ

تَسُند خاندرسَپدِ ہے سأنس سبٹھاہ جان تہٕ رحمدل کٔشیرِ ہُندِس بادشاہس ستی۔ تَس چھےٚ أمی ہِنٛد حسین آسنٕچ تہٕ تھدبن صفتن ہنٛز پَے تہٕ تَس ہیکہِ نہٕ دوہَس یاراتَس توت تانٛ قرار یتھ یوٚت تانٛ نہٕ اَتھ معاملَس متعلق سُہ پننہِ اَتھ خأہشہِ متعلق تُہنٛزِ مرضیہِ ہُند بوزِ۔ سأنس بادشاہ ہِنٛدِ رٕژرُک، تہِنٛدِ طاقتُک تہٕ دولتمندی ہُند ماچھُ توہہِ نٕشہِ کیٛنہہ کھٕٹِتھ۔ اِوٕ کنٛہ چھِ أسی توہہِ یہِ درخاس کران زِ توٚہی دِیوٚ اَمہِ رِشتُک اجازت تہٕ اَسہِ گٔروروخصت۔''

ہنادَم دِتھ وۄنُکھ بادشاہَن ''مےٚ بوٗز۔ پگَہہ دِمَوٗ توہہِ جواب۔''

پگہہ کیٛتھ کوٚرُمی پننہِ زنانہِ تہٕ وزیرَن ستی مشورٕ تہٕ تِمو سارِوٕے کوٚر یہِ رشتہٕ منظوٗر تہٕ اَمہِ پتہٕ بلاووٗی أمی یِم سفیر تہٕ وۄننکھ زِ توٚہی نیرٕوتہٕ وٗنو پننہِ نِس بادشاہَس زِ تہنٛز پیٛشکش سَپز قبوٗل تہٕ کیٛنہہ کالی پتہٕ تَس ستی کھاندرٕکی انتظام طے کرنہٕ۔

کٔشیرِ ہِنٛدی بادشاہَن ییٛلہِ پننہٕ نبن مُنٛزِم یاربن نِشہِ یہِ بوٗز زِ یہِ دۄیم بادشاہ دِیہِ أمِس پننٛی کوٗر نیٛتھری سُہ سَپد سبٹھاہ خوش تہٕ یِمَن مُنٛزِم یاربن دِتِن وارِیہہ انعامہٕ۔

کہٕے کالی سۄزُس أمی بادشاہَن شیٚچھ۔ رُت ساعت اوس نکھےٚ تہٕ أمِس أس شیٚچھ زِ ژٕ وات فورَن۔ اَمہِ کنٛہ دژ اوٕ پننٛی سبٹھٕے دانا وزیرٕ تہٕ دربأری، اعلا فوجی تہٕ رٕتی پلو پوشاک لأگِتھ ملازمن ہنٛز جماعت ہیتھ تہٕ سبٹھٕے شاندار زیٖن سازٕ پأرِتھ گُربن پیٹھ ڈالہِ ہیتھ کٔشیرِ ہُند بادشاہ۔ سُہ ووت وارٕ کارٕ پننہِ نِس مُنٛزِلَس تہٕ تِمَس کوٚر بے بادشاہَن مایہِ بوٚرُت استقبال۔

اکہِ دوہہِ دۄہی سَپد کھاندر۔ اَتہِ یِم پٕژ بتھ معاملَس منٛز بارٕ انتظام کرنہٕ أسی

آءِتی تہٕ وَنُن چھُنہٕ ضرٗوری زِ محل خانہٕ کتھہٕ کنٛز اوس لالو، جواہرو، سونہٕ تہٕ روپہٕ ستی ہ
ترٛ اوان، کتبن غریبن غرباتَن تہٕ بچھوٕنبن یم طرفا توپیٹھہٕ اُسی آءِتی کوٗ تاہ بتہٕ آو کھیاو
تہٕ مہرازٕ تہٕ مہرِ نی تہِ کتیاہ خوٗبصورت اُسی باسان۔ یہِ چھُ سائِلم پتھے۔ پزٛ بتھ کانہ
چیز سَپُد شاندار پاٹھی تہٕ پزٛ بتھ کانٛہہ اوس سبٹھاہ خوش۔

کھاندرٕ پتہٕ پنہٕ نِس مُلکس منٛز وأتتھ تھأو کشیرِ ہندی بادشاہَن پننٛز نوٗ زنانہ
پَنہٕ نبن باقیَن زنانَن ستی شاہی حرَمس منٛز۔ مگر عجیب اوس یہِ زِ یم گوڈ نکی دوہ گُزرے
تہٕ تتھہٕ پاٹھی زِ نہٕ وُچھ اُمی یہِ زانٛہہ تہٕ نہ کُرن اُمس ستی گتھے۔ رِواجہِ مطأبق آوکہٕ کا
اُمس مأنٛلی ہندِ طرفہٕ ناد۔ لہذا گیہِ سو واپس مالِیُن تہٕ روٗزتی مگر تمہِ وۄن نہٕ پنہٕ نس خانہ
دار ہندِس اَتھ عجیب ورتاوَس متعلق کأنٛسی کیٛہنہ سوایہِ پنٛنہِ ماجہِ تہٕ اُمس وُنن
وبڑھنأوِتھ سأرے ڈلیل۔ تمہِ وۄن اُمس تمہِ باغہٕ کہِ واقہُک تہِ تہٕ وۄننس مےٚ چھ
باسان زِیُس جواب مےٚ تمہِ دوہہ اُمس دیُت توَے ما کوٚرتمی اُمس ستی یہِ ورتاو۔
ملکہ وۄنُس "کینٛہہ چھُنہٕ پرواے۔ مَہ برغم۔ ژٕ پزٛار۔ سأری معاملہٕ سپدَن
پانے ٹھیک۔"

ترٛےٚ ؤری گُزرے تہٕ کشیرِ ہندی بادشاہَن نہ سوٗزتَس نادٕ ے تہٕ نہ کُرن
تسنٛز پرٛژھہٕ گأرٕ ے۔ سو گیہِ پنہٕ نِس مأنٛلِس نِشہِ تہٕ بأوُنس سفرس نیرنٛچ زبردست
خأہش تہٕ بیٚیہِ کوٚرنَس درخاس زِ سُہ دِیہِن پنہٕ نِس اُکس وزیرس تہٕ فوجین ہنٛز
اُکس چھوکہِ اُمس ستی گژھنُک اجازت۔ تتھ زَن سو تمہِ حِسابہٕ سفرِ کرِ یہِ زَن تمس
پننہِ حیثیتہٕ مطأبق شوبہِ۔

''ژٕ کیاہ چھکھ کرُن یژھان؟ ژٕ کوٚت چھکھ گژھُن یژھان؟'' بادشاہَن پرٛژھس۔

''بہٕ چھس دوٚیمین مُلکَن ہُنٛد کیٛنٛہہ وُچھُن یژھان تہٕ خاص کٔرِتھ تِمَن ملکَن ہُنٛد یِم ژےٚ ماتحت چھِ۔ تہٕ اِموکھہٕ زِ بہٕ ہیٚکہٕ یہِ سہوٗلیژ تہٕ خوشی سان کٔرِتھ چھسے بہٕ ژےٚ مدد خاطرٕ عرض کران۔''

''مگر ژٕ چھکھ اَکھ زنانہٕ۔'' بادشاہَن ووٚنُس یہوے حأرأنی ہٕنٛدِس لہجس منٛز۔ ''بیٚیہٕ جوان تہٕ خوٗبصورت۔ ژٕ کِتھہٕ پأٹھۍ ہیٚکِکھ سفرس نیٖرِتھ؟ لۄکھ کرَن تعجب ییٚلہِ ژےٚ وُچھنَے مأٔلِس یا ماجہِ ورأے نیران۔ نہٕ مےٚ باسان بہٕ ہیٚکہٕ نہٕ چأنِۍ یہِ خأہش پوٗرٕ کرنٕک اجازت دِتھ۔ تہٕ ہرگاہ بہٕ کرٕ نہٕ گژھہِ غلط۔''

تِمہٕ ووٚنُس ''تیٚلہِ گژھہٕ بہٕ کُنی زٕنی تہٕ کیاِ زِمےٚ چھُ پننہِ خأہشہِ پوٗرٕ کرنٕک شۆقہٕ ارادٕ کوٚرمُت۔''

''اچھا تہٕ ییٚلہِ تہٕ چھُ تیٚلہِ چھُ مےٚ باسان زِمےٚ پزِ ژےٚ اجازت دِیُن۔ تِکیاِ زِ ہرگاہ نہٕ بہٕ تہٕ کرٕ مےٚ گژھہِ چانہِ مرنٕک تہٕ چانہِ بےعزتی ہُنٛد بوٚ زِتھ دوکھ۔ مگر توتہٕ وَنےٚ بہٕ زِ زیادٕ دوٗر گژھی زنہٕ۔ صرف گژھی زِأنٛدری یکۍ مُلکَن۔''

''تتھ چھسَے بہٕ ژےٚ وعدٕ کران'' تِمہٕ دِتُس جواب تہٕ دزٕلیہٕ گرٕ منٛز۔

پَتہٕ بلاونو وبادشاہَن اَکھ وزیٖرٕ ییٚس پٮ۪ٹھ تِمس خاص اعتماد اوس تہٕ حکم دِیُتُس زِ ژٕ گژھ شہزادِ سفرس ستۍ۔ بادشاہَن دِیُت تَس روپیَن، جواہراتَن تہٕ دوٚیمین قیمتی چیٖزَن ہُنٛد اختیار یِمَن ہُنٛد تِمہِ سنٛزِ کورِ سفرس دوران ضرورت ہیٚکِہ پیٚتھ۔

کینژہ دۄہ پَتہٕ دژلیہِ شہزاد دک تہٕ تمِس ستی اوس وفادار وزیر تہٕ فوجین ہٕنز مُلاز مَن ہُند اکھ بوٚڈ تعداد۔ سفرس دوران گیہِ سو گوڈٕ اَکِس لوکٹِس بادشاہَس نزدیٖک یمِس تحت اکھ لوکُٹ مُلکاہ یُس امی ہنٛدِس مالی سُندے جاگیر اوس۔ امی ہنٛدِ یِنک خبر بوٗزِتھ دژاو یہِ بادشاہ امِس بُتھہِ تہٕ کوٚرنس عزتہٕ سان استقبال تہٕ امی ہنٛدِ اعزازس منٛز کرنووٗن اکھ بوٚڈ سال۔ یہِ روٗزِ اَتہِ کینژٕ ن دوہَن تہٕ پَتہٕ دژلیہ ہُرِ مُلکن۔ یِتھہٕ کنہِ وُچھ امہِ نکھہٕ تلکی تقریبَن ساری مُلک تہٕ تِتہِ کمن حکمرانن تہٕ لوکن متعلق کٔرِن واریاہ زان حاصل۔

آخرس پیٚٹھ واتژ سو پننہِ نِس خانہٕ دارس ہنٛدِس ملک کشیرِ نکھہٕ۔ قدرتی اوس تَس زبردست خاہش زِ بہٕ وُچھاہ یہِ، اَتیک دربار، اتیک بازر، اَتیک تجارت تہٕ اتھ متعلق سورُے کینژہ۔ لہذا سوٗزِتھ امہِ اکھ چِٹھی بادشاہَس یَتھ منٛز تَس وَننہٕ آو زِ بہٕ چھُس فلانی بادشاہ سنٛز کوٗریس کُن یہِ خراج اوس دِوان تہٕ بہٕ چھُس مُلکہٕ کِس سرحدس نبر کنہِ پڑاران تہٕ خاہش چھم زِ بہٕ وُچھہا تہُند شہر۔ کشیرِ ہٕنٛدی بادشاہَن ییلہِ یہِ چِٹھ پرٕ تمی بُلاوی پننی وزیر تہٕ باقے تہٕ فورَن دژاوتوٚر کُن ییتہِ شہزاد دی ٹھہرِتھ اُس تہٕ اُنن سُہ محل خانس منٛز۔ اَتہِ اوس تہِ سائلم تیار یہِ زَن امِس شاندار پٔٹھی ہنٛدِ آرام تہٕ خوشی خاطرِ شوٗبہِ ہے تہٕ تیمیک وزیرس حُکم اوس دِنہٕ آمُت۔ امی ہنٛدِ خاطرِ اوس الگے مکان یتیمہِ کمن دیوارَن سبٕھٕسے خوٗبصورت کپرٕکی درپرٕدٕ تہٕ فرشس سبٕھٕسے قیمتی قالین ووٚتھرِتھ اُسی۔ سبٕھٕسے لذیز ضیافژ آیہِ پیش کرنہٕ تہٕ شاہی موسیقارَن اوس وَننہٕ آمت زِ تم روزَن ہر وَقتہٕ حاضر۔ یمو شاندار انتظامو کنہِ گیہِ شاہزاد دک تہِ سبٕھٕسے محظوظ ییمہِ

أخرس پتھ بادشاہ ہندِ اَمہِ توجہ موجب تَس شکریہ کۆرتہٕ وعدٕ کۆرنَس زِ بہٕ پاو پَنہٕ نِس مائِلس چون یاد۔

دۄیمہِ دوہہٕ پانہٕ وأنی کتھ کران وۄن تمہِ کشیرِ ہندِس بادشاہَس "مےٚ چھےٚ ژےٚ الگ پأٹھی اکھ کتھ وَنٕنی۔ ژٕ یِکھہٕ مےٚ سٟتی کمرس منٛز۔"

یہِ سۄ چِتھ زِ اَمِس آسہِ مأنی ہندِ طرفہٕ تمی ہندِس مُلکس متعلق کانٛہہ خاص شیچھ مےٚ وَنٕنی تمہِ کِنی گو وِسہٕ۔ مگر سَپُد یہِ زِ سو أس اَمِس محبت کران تہٕ اَمہِ کِنی اوسُن الگ کمرس منٛز بلووُمت۔ یتھ زَن اَمِس یہِ وَنہِ ہے تہٕ سٟتی یہِ التجا تہٕ کرہس زِ مےٚ دِتِتس کالس بیٚتہِ روزنک اجازت یتِس کالس بہٕ یِژھہٕ تہٕ بیٚیہٕ آسہٕ ہکھ متوأترمےٚ نِش یِوان۔

أمی ہِنٛز خۄ بصورتیہ تہٕ گزارِشن ہُند پیو اَمِس پٹھ اثر تہٕ کشیرِ ہِندی بادشہَن دِتُس اقرار تہٕ اوس اکثر تَس نِش آسان۔ یتھہٕ پأٹھی گۆرے وارٕیہہ رِبتھ تہٕ شہزادٕ کۆر واپس پَنُن وطن گوھنک اِرادٕ ظأہر۔ تَسنٛد وَنُن اوس زِ تَس آسہٕ بیٚیہٕ تہٕ ذِمہٕ دأریہ تہٕ أس گرِ واتُن یِژھان وۄں گو تمہِ کۆرس وعدٕ زِ یُت جلد مےٚ ممکن سَپدِ یمہٕ بہٕ واپس تہٕ پٟنٛنی وأج بادشاہَس دِتھ منجنس اَتھ بدل پٟنٛنی وأج تہٕ رُمال۔ یتھ زِیم (چیز) یِہنٛدِ اورٕ یور وعدٕ تہٕ محبت چہ نشانیہ روزَن۔ بادشاہَن کۆر یی تہٕ کۆرنَس میوٚٹھ۔

پَتہٕ دِژ ایہِ شہزأدی کشیرِ تہٕ وأژ سبتھاہ جلد پَنُن مُلک واپَس تَس واپس یِوان وُچھتھ گو وپز بتھ کانٛہہ خوش۔ تِہنٛدی مألی یعنے بادشاہَن ہأو تَسنٛد سفرک حال بوزنَس منٛز سبتھاہ دلچسپی تہٕ دِتُن یہِ باس زِ سہ اوس خوش زِ سو وأژ وارٕیہن مُلکَن۔

ملکہ یعنی اُمی ہنٛز موج سَپٕز یہِ بوٗزِتھ سٮ۪ٹھاہے خوش زِ تَس اُس وۄنی بچہٕ ہنٛز ووٚمیدتہٕ تَنٛے تِتھی تِتھی منصوبہٕ سوچنہٕ یِموٚ کنہٕ خاندار، تَسنٛز آشنٕی تہٕ سُہ شُر یکجا روزِہَن۔

پَتہٕ یِس وقتس پیٹھ زاو تَس لڑکہٕ تہٕ اَمِس کوٚرکھ شبرنگ ناو۔ یِیلہٕ بادشاہَن اُمی ہنٛدِ زٕنٛج خبر بوٗز تَس کھوٚت سخت شرارت تہٕ کیاہ زِ تِمی سوچ زِ اُمی ہنٛزِ کورِ اوس غلط کوٚر مُت۔ تِمی ووٚن "یہِ اوس اُمی ہنٛدِ مٔرٕک التجا قبول کرُنک نتیجہٕ۔ خبرمےٚ کیاہ زِ اُمی کاڑی ڈٕلۍ مٔتۍ زِ مےٚ دِژ او اَمِس اجازت۔ اُمی سُنٛد کردار چھُ گووَلٕتھہٕ تہٕ اَمِس پٔرٛژھہِ تبہٕ وۄنی زانٛہہ پَتُن خانہٕ دار تہٕ مۍ یِنَس ناوس تہٕ دِتُن وَٹہٕ۔ افسوس، افسوس۔ یہِ برداشت کرنہٕ نشہِ چھُ مرُنے جان!"

ملکہ یِسٕنٛد ظون بادشاہ سٕنٛزن تھَدِ ہَٹہِ کرِبکن کُن گوٚمُت اوس ووٚنُنس "نہ، سو چھُنہٕ گٔتھ۔ ژےٚ ما پٕرٛژھتھے زِ اَمِس بچہٕ سُنٛد مول کُس چھُ۔ یُس اَمِس مول گژھہِ آسُن سُے چھُ اَمِس مول تہٕ تُتھ چھُنہٕ کینٛہہ سپُد مُت یٮ۪مہِ سٕتۍ سانہِ کورِ یا چانِس عزتس وَٹہٕ لگہِ۔ سفرس دوران گیہِ شہزادی پَتہٕ یِنس خانہٕ دار ہنٛدِس مُلکس تہٕ یہِ بہانہٕ کٔرِتھ زِ سو اُس بدل آو تَس خانہٕ دار ہنٛدِس محل خانَس منٛز روزُنک اجازت دِنہٕ تہٕ اَتہٕ کوٚر اُن تَسنٛد تِتھ محبت حاصل زِ اُمی ہنٛدِ نیرُنک پھیوٗرس سٮ۪ٹھاہ تہٕ وۄنی زاو اَمِس تِمی سُنٛدُے بچہٕ۔ پَتُن یوٚہے بول بجا اَنہٕ خاطرٕ اُمی سُنٛد سفرس نیرُنک ژےٚ اجازت ہینک اوس یی وجہ۔"

اَمہِ وضاحتہٕ پَتہٕ گوو بادشاہ سُنٛد غم تہٕ شرارت اند ہیتھ وُڈِتھ۔ تِمی ہنٛدِس خاندانس منٛز نیچو زہنہٕ کہِ خیالہٕ سپُد سُہ سٮ۪ٹھاہ خوش تہٕ کٔرِن پنٕنہِ کورِ ہنٛزِ دانٲیی تہٕ مٔوج

آسنس تعریف۔

یام لڑکہٕ بۄ ڈبۄ ڈہیۄتُن گرٕھُن سُہ بڈیاو داناتہٕ عأکلم۔ تُمس آیہٕ پزٕ بتھ رنگہٕ تربیت کرنہٕ۔ یُتھ زِ تُمس سپد پزٕ بتھ کانٛہہ فَن تہٕ عٕلم تمہِ نشہِ ہُرے حاصل یہِ زَن اَتہِ موجوٗ داوس۔ سُہ اوس تلوار بأزی منٛز تہِ بہادر تہٕ ہُنرٕ مند۔ بادشاہَس اوس پننہٕ نِس أمِس زُرِس پیٹھ سیٹھاہ فخر تہٕ یتہِ کوٚرُن اعلان زِ ہرگاہ یہِ پٔنٛنز مأکلی یعنے کٔشیرِ ہنٛدی بادشاہَن قبوٗل کوٚرنہٕ تیلہِ چھُس ئہٕ یہِ پَٹُن یوٚڈ وزیٖر بناوُنس تہٕ کینٛژٕ وُہُری أمِس بادشأہی حوالہٕ کرنَس تیار۔

مگر أمِی سٕنٛز موج اَس یَتھ پیٹھ ہٹھ رٔٹتھ زِ شبرنگ گرٕھِ ژوٗر بَنُن۔ تُسُند خیال اوس زِ یِژھ ہش تربیت پراُوِتھ بنہِ سُہ پزٕ بتھ قسمٕچ چالاک تہٕ تکن گری منٛز ماہر تہٕ یتھہٕ کنٛز میلہِ تَس پانَس پننہِ خأہشہِ پوٗرٕ کرنَس منٛز مدد۔ اَمہِ خأطرٕ آو مُلکُک سارِوٕے کھوتہٕ چالاک سرغنہٕ ژوٗر ربُلاوِتھ اَناونہٕ تہٕ حُکم آس کرنہٕ زِ سُہ گرِن شبرنگس اَتھ فنس منٛز تمام سِرن ہنٛز تربیت تہٕ تَس آو وعدٕ کرنہٕ زِ یَیلہِ یہِ نوجوان پوٗرٕ پختہٕ ثأبت سَپدِ تہٕ أمِس پیہِ سیٹھاہ شاندار انعامہٕ دِنہٕ۔ ژوٗرَن ووٚن زِ سُہ گرِ أمِس پوٗرٕ پأٹھی ہیٚچھناونٕچ کوٗشش تہٕ تَس چھُنہٕ اَتھ منٛز کانٛہہ شک زِ کینٛژٕ رٕتی آسہِ شبرنگ تیٚتھ ژوٗر یَس نہٕ کانٛہہ جوٗرٕ آسہِ۔ تٕرٛبن رٕبتَن اندر آو یہِ سرغنہٕ ژوٗر لڑکہٕ ہیتھ واپَس تہٕ ووٚنُن زِ أمِی ہیوٚچھ سیٹھاہ وُلی وُلی تہٕ بہتر تہٕ شہزادِ گرٕھِ نہٕ أمِس منٛز کانٛہہ کمی نظرِ۔

شہزادِ ووٚنُس ”اچھا۔ بٔہ ہمہٕ أمِس امتحان۔ یُتھ یہِ نَنہِ زِ تِی چھایہِ ژوٗنان چھُکھ۔ ہرگاہ شبرنگ ہُتھ گُلس کھَسہِ (یہِ اَس اَکھ بٔڈ بوٗنی) تہٕ اَتہِ گانٛٹہِ ہنٛدِ اَکہِ منٛزٕ تتھہٕ

پأٹھی ٹھۆل والہِ زِ گانٹہِ لگہٕ نہٕ پتہٕ۔ بہٕ گژھہٕ تیٚلہِ خوش۔"

سرغنہٕ ژۄ رَن وۄنُس "نیرتہٕ کرٕ ماجہٕ ہنٛز خٲہش پوٗر۔"

شبرنگ دژاو تہٕ کھوٚت أکس ہیٚے آنٛس منٛز اَتھ بڈِس کُلس تہٕ تتھٕ کنٛ واتنووُن ہُنز منٛد پأٹھی گانٹہِ تل کُن أ کِس تانٛی اَتھٕ تہٕ کوٚڈُن اَتہِ ٹھۆل زِ گانٹہِ توٚرہٕ بِہنٛز تہٕ فِکر۔ سو روز کُنہِ ستھ صدا روٗسۍ اکھتہٕ پتہٕ تہٕ وارٕ یمِس کالس یوٚت تانٛی شبرنگ (کُلہِ پیٹھہٕ) وۄتھ تہٕ ماجہِ دِتُن ٹھۆل تہٕ۔

تمہِ وۄنُس "چالاک چھُکھ! اصل توٚ گژھُے۔ مگر وۄل گژھ ژٕ شبرنگ تہٕ ہُمس نفرس اَن یمزار کَڈِتھ" تمہِ ہوو تمِس أکِس مزۄرس کُن یُس پتُن گرٕ کُن اوس گژھان۔

شبرنگ دژاو پھٹا پھٹ تہٕ اکِہ کھہہٕ منٛز دور تُلِتھ ووت أمِس نفرس بزۄتھہ پہن تہٕ بیۄٹھ وَتہِ پیٹھ تہٕ چھُ کُلس أکِس کُن مُدے گنٛڈِتھ وُچھان۔ وۄنۍ ووت مزۄر تہِ أمِس نکھہٕ۔ تہٕ أکِس تتھِس چیزِس متعلق گٔیوس تجسس یتھ ستۍ نہٕ تَس کانٛہہ واتھے اوس یہٕ زَن کہِ اکثر جاہل کران چھِ تہٕ وۄننس "ژٕ کیاہ چھُکھ اَتہِ ہیوٚر کُن وُچھان؟"

"ہاے بہٕ چھُس شِکس لد" شبرنگن دِتُس سبٹھے نمہٕ زولہٕ پأٹھی جواب "میوٚن مأری موٚنٛد موٚخت ہار چھُ یتھ کُلی تھرِس پیٹھ بہٕ اوسُس اَتھ گنٛدان تہٕ اچانک گو وِیہِ تھوٚڈ دُکھِستھ اَتہِ بنٛد۔ ژٕ ہیکہٕ کھامےٚ یہِ وأ لِتھ دِتھ۔ بہٕ چھُسے ژٕ ےٚ وعدٕ کران زِ بہٕ دِمے ژٕ ےٚ زٕ روپیہ بخشأیش۔"

''آ۔ بلکل'' مزدٗرَن ووٗنُس تہٕ فورَن بٔز مہِ لوکچہِ لٔنجہِ تھٔھ ژھنٛتھ لوگُن لیأری گُلِس ہیوٚر رہیوٚر کھسُن یِیأرِ زَن شبرنگ ہاوان اوٗسُس۔ شبرنٛگس اوس خیال زِ سُہ ژھنہِ ضرور گُلِس کھسنہٕ برونٛہہ ییزار کٔڈِتھ مگر مزدٗرَن مون نہٕ یہِ ووٚنتھ یہِ گرُن زِ اَمیک چھُنہٕ کانٛہہ ضرورت۔ لہٰذا اوسنہٕ ووٗنی شبرنٛگس فِکرے تران زِ مےٚ کیاہ چھُ ووٗنی گرُن۔ سُہ ہیکہِ ہےٚ نہٕ خأ لی اَتھو ماجہِ نِشہِ واپَس گژھتھ۔ مگر تٔمی ہیٚژ عقلہِ دِیُت نہٕ تَس ناکام گژھنہٕ۔ تٔمی اوٗن اَکھ زَر قلم تہٕ اَمیک اَکھ انٛد ترٛ ووٗن اَکس رسیٚہ اَلس مٔنز تہٕ جلدِ ے آو یہِ بیمو رِیٚوٚ ستیٚ بَرنہٕ۔ یہِ زرکأنی قلم ہیتھ کھوٚت یہِ مزدٗرَس پتے گُلِس یوٚت تانی سُہ تٔمِس نِشہِ اَکھ یازٕ گز بوٚن اوس۔ مزدٗرَن وُچھی نہٕ سُہ تِکیازِ گُلِس اوس گوٚن پَن تہٕ بییٚہ اوس ژھٹہِ تہٕ جاناوارَن ہُنٛد شور۔ شبرنٛگس تِھُے موقعہٕ اتھہِ آو تٔمی یوٚر یہِ زرکأنی قلم اکہِ انٛدٕ پنٕہٕ نِس اَکسِس مٔنز تہٕ اَتھ دِتُن پننہِ پوٗرٕ طاقتہٕ سان اَمِس نفرٕ ہِنٛدِس ییزارَس کُن پھوکھ۔ اکہِ یادوِیہِ منٛزٕ پتہٕ آو اَمِس بٔجأرِس سخت گشُن تہٕ یوٚن کُن نظرا گرِتھ وُچھُن زِ اَمی ہِنٛدِ جِسمُک سورُے ہِنٛم حِصہٕ اوس رِیٚوٚ ستیٚ بَرِتھ۔ تٔمِس باسیوٚو زِ گُلِس کھسان ما آسہِ تَس کُنہٕ رسیٚہ اَلس ستیٚ گکھرٕ لٔجمٕژ۔ بہرحال تٔمِس آسہٕ ووٗنی رِسیٚہ کھرٕ مٔژ تہٕ اِ ٔکنہٕ پییٚہِ تَس ڈٗرمُر راوٕنی تہٕ پٔنُن ییزار نٔبر کٔڈِتھ دِتُن سُہ زمیٖنَس پیٹھ دأرِتھ۔ شبرنگ اوس خوش، سُہ ووٗتھ کھرٕ گرِتھ بوٚن تہٕ ییزار تُلِتھ ووت ماجہ نِشہٕ۔

شہزأدی سیٚزٕ حأران ''ژٕ چھُکھ جان پأٹھی ہیچھناونہٕ آمُت۔ مےٚ روزِ نہٕ ووٗنی چأنی پریشأنی'' تٔمہِ ووٗنُس تہٕ پتہٕ سرغنہٕ ژدٗرَس کُن پھِرِتھ دِتُن تَس اصل انعامہٕ تہٕ

کوٗرُن نہٕ روخصت۔

اَمہِ پَتہٕ کِمے کالہٕ یِیلہِ اَکہِ دوہہٕ صُبحاُے شبرنگ باہِتی لڑکن ہنز محل خانہٕ رِکس باغس منز گنداں اوس تہٕ یمو منز کمی تانی دِژتَس حرامُک آسنٕچ پام۔ شبرنگ سپُد وارِیہہ حاَران تہِ تہٕ شرارت تہٕ کھوٗتُس۔ بِکنڈن اُتی ترٛاُوِتھ دوریاو ماجہِ نِشہٕ ''موجی، موجی، مےٚ وَن مےٚ کُس چھُ مول'' شانشہِ ہوٚت دِژٕ تمی کربکہٕ۔

تمہِ ووٚنُس ''میانہِ گوٚبرٕ۔ ژٕ چھکھ کشیرِ ہٕنڈِس بادشاہ سُند نیچو تیمِس ہٕنزِ بٲقاعدٕ کھانٛدراوس سپُد مُت مگر سبٹھاہ ظالم بِنِتھ ژٕ ہنِس ئہٕ تمی اُتی ترٛاُوِتھ۔''

شبرنگن ووٚنُس ''میانی ٹاٹھی موج۔ ژےٚ کیاز ووٚنُتھ نہٕ مےٚ یہِ بڑٕوٚہہ تہٕ میانی بڑی بنِن کیازِ ہیوٚت نہٕ تَس تلوار تُلِتھ انتقام۔''

شہزادٕ ووٚنُس ''توٚت مہٕ کھیٚیے۔ کانہہ چھو کہٕ داوی یا قتل کرُن چھنہٕ ضروٗری یِیلہِ زَن باہِتی ذریعہِ موجوٗد آسَن۔ ژٕ چھکھ ترٛک تہٕ چالاک لڑکہٕ۔ نیر گرٛہہ ژٕ ماٚلِ ہنٛدِس وطنس تہٕ تتھہٕ کٕنہٕ گرٕ ماٚلِ ہنٛدِس دِلس منز جاے۔ یُتھ سہٕ ژےٚ تھدِس عوہدس پیٹھ بیہناوِتہٕ ژےٚ پننہٕ کوٗر کھانٛدرٕ خاطرٕ پیشکش تھاوی۔ یِیلہِ معاملہٕ اوٚتُتھ واتِ تہٕ سوٗزی زِ مےٚ نادتہٕ پَتہٕ دِمہٕ ئہٕ پانے بادشاہَس جواب یمہِ ستی تَس پننہِ غلطی ہُنٛد اعتراف سَپدِ تہٕ شاید مانِیہِ پننہِ کدِتھ ژٕ ہنٛی مٔرٕ زنانہِ واپس تہٕ پننہِ نِس بہادر تہٕ چالاک نیچوس بیہناوِ تخٕتس۔

لڑکن ووٚنُس ''ٹھیک چھُ ئہٕ کرٕ یہِ کرنہٕ خاطرٕ سخت جدوجہد۔'' شبرنگ دراو جلدٕ ے کشیر کن تہٕ گوڈنیچ کام یوسہٕ اَمی کرٕ سو اَس یہِ زِ اَمی لوگ بادشاہ ہنٛدِس

در بانٕس ستی دوستانہٕ۔ یہِ دوستی روز بڑان یوٗت تانی در بانٕس شبرنگ تیوٗت ٹوٹھ گووٕ زِ سُہ ہیکہِ ہے اُمی ہِندِ باپتھ کینٛہہ تہِ کٔرِتھ۔ اکہِ دوہہٕ ووٗنُس تٔمی زِ ژٕ ماگژھ کھینہٕ سرکارس منٛز نوکری تہٕ ہرگاہ ژےٚ بادشاہ ہِندِس محل خانس منٛز نوکری میلی ژےٚ کٔری یاتہٕ خوش۔ شبرنگن کوٚر اُمِس شکریہ تہٕ دِتُنَس جواب زِ یہِ گوژھہٕ کانٛہہ مخصوٗص کٲم کرٕنٕس پتھ سبٹھاہ خوش۔ لہٰذا اکرٕ وو در بانَن پننٕس اُمِس یارِ سُند تعارف بادشاہس تہٕ سبٹھہٕ خوش گفتارِ سان وُنی نَس اُمی ہِندی ہُنر، دانٲیی تہٕ کانٛہہ تہٕ سو کٲم کرنہٕ پننہٕ خاطرٕ اُمی ہِنزِ صلاحیژ ہِندی گون یوسہٕ بادشاہ سلامت اُمِس کرنہٕ خاطرٕ دِن۔ بادشاہ سپُد شبرنگ سٕنہِ چال ڈھال، ووتھ بیٹھہِ تہٕ گٔتھ باتھہِ ستی مطمئن تہٕ فورَن بنوٗون سُہ اکھ شاہی نوکر۔ یتھ منٛز شبرنگ وُژھہِ وُژھہِ ترقی روٗد پراوان تہٕ بنیاو بادشاہ تہٕ باقےٚ سارِنےٚ ہُند ٹوٹھ۔

کینٛہہ کالٕی سوٗچ اُمی زِ یہِ کٔرِہا تٔمہِ تریٛژ ہنٛز آزمایش یوسہٕ مےٚ سرغنہٕ ژوٗرَس نشہِ حاصِل چھےٚ کٔرمٕژ۔ لہٰذا اوس سُہ پزٕ بتھ اکی راتھ ژیا گنہٕ راتھ ژیا گنہٕ پزٕ بتھ راتھ ژسَن دِنہِ نیران۔ ہُتہٕ پننہٕ شہرس منٛز یتھ جایہِ تہٕ تٔس موقعہٕ میوٗل سُہ روٗد ژوٗر کران تہٕ یتھہٕ پاٹھی حاصِل کرنہٕ آمٕژ چیز روٗد اَکس مادانس منٛز اَکس دوبس منٛز ژٔرِتھاوان۔ ووٚں گو وامہِ ستی اُس نہٕ اُمی ہِنزِ دوٚیہِ کامہِ منٛز کانٛہہ فرق پیوان۔ پزٕ بتھ دوہہٕ صُبحاےٚ اوس سُہ برابر وقتس پیٹھ پننہِ کامہِ پیٹھ آسان۔

ہَنہٕ ہَنہٕ روز وارِ یہَن لُکن روپیہ تہٕ قیمتی چیز راوان تہٕ ژوٗرِ سُند اوسنہٕ کانٛہہ تہٕ پتاہ لگان لہٰذا آو عام لُکن ہِندِ طرفہٕ یہِ درخاس پیش کرنہٕ یتھ منٛز استدعا اوس کرنہٕ

آمُت زِ بادشاہ ورتاوٗن پڑ بتھ کانٛہہ سۂ طریقہٕ ییمہٕ کِنۍ ژوٗر رٹنہٕ ییہ تہٕ تَس سزا دِنہٕ ییہِ۔

بادشاہ سَپُد یہِ خبر بوٗزِتھ سخت مغموٗم تہٕ تٔمۍ انوو پٔنُن کوتوال نادٕ دِتھ تہٕ تٔمِس گٔرن پلسچہ نااہلیُک خاطرٕ سخت بوٗ ٲری تہٕ پنٕنۍ ناراضگی باوان دِتُنس حُکم زِ مُجرم گژھہِ ژھانڈنہٕ یُن۔ کوتوالن منٛگِس معافی تہٕ وعدٕ کوٚرُن زِ سُہ کرِ تہِ سٲلم یہِ تٔمِس ممکن سَپِد۔ تٔمہِ رٲژ گرٕ تٔمۍ ژوٗر رٹنہٕ خاطرٕ خاص کوٗشش۔ پڑ بتھ گلی تہٕ کوچس منز آے پُلسہٕ وٲلۍ تعینات کرنہٕ تہٕ تٔمن آے نظر گُزرتھاونہٕ خاطرٕ سخت حُکم دِنہٕ۔ پانہٕ کوتوال تہٕ روٗ دراتس اورٕ یور کران۔ یِموٗ سارِوٕے انتظاموٗ باوجوٗد تہِ گو وشبرنگ ترٛبن ژوٗن جاین تہٕ تیوٗت اوٗنُن ژوٗرِ ریوٗت تٔمِس خیال اوس تہٕ یہِ کینٛہہ ژوٗرِ اوٗنُن تہِ تھوٗن ماٗدانس منز دوٚبس منز ژوٗرِ تہٕ آو محل خانہٕ واپَس۔

دوٚیمہِ دوہہٕ آے یِمن ترٛبن ژوٗن گرٕن ہندۍ لۄکھ بادشاہَس نِش تہٕ کٔر ہَس شکایت زِ تٔمن اُس راتھ کینٛہہ ژوٗر گمُژ۔ بادشاہَس کھوٚت زیادٕ ے شرارت۔ ییلہِ کوتوالن بادشاہ صابن شرارت وُچھ سُہ ووٗتھ کوٚٹھن پیٹھ تہٕ چھُ معافی منگان۔

''بادشاہ سلامت۔ مےٚ نوکرٕ سُند عرض بوٗزی تو۔ بٔہ تہٕ سورٕے پولیس اوس رٲتی راتس گشتس۔ اَسہِ منز کرنہٕ کانٛسہِ اکِہ راتَس اکھ زولہٕ تہِ نِنٛدر۔ شہرچہ پڑ بتھ گلی تہٕ کوچس پیٹھ اُس نظر گوزر۔ خبر تو تہِ کتھہٕ کِنۍ سپُد یہِ سورُے؟''

بادشاہ سَپُد وارے حٲران تہٕ ووٗنُس ''تیلہِ ماچھےٚ لۄگن چاٗنۍ ژِہ کان تہٕ ما چھِہ چاٗنی کینٛہہ نفر ژوٗر رتہٕ ما آسہِ مختلف گرن ہندۍ بومٕ ہنوبو پانہٕ واٗنۍ رٕلتھ یہِ کوٚرمُت۔

وۄنۍ یہِ چھُ تہٕ تہِ ۔ مےٚ دِکھ ژٕ مُجرم لُبتھ تہٕ اَنٛکھ تم مےٚ بڑٕ وٕنہہ کُن ۔ امہِ خاطرٕ چھسے بہٕ ژےٚ پۄرٕ اَکھ ہفتہٕ دِوان ۔"

یَمن ستَن دوہن تہٕ راتٕ ژَن گُر کوتوالَن ہر رنگہٕ پزٕ بتھ کانٛہہ کوٗشش ییٚتھ زِ ژۄرٕ سُنٛد کانٛہہ پتاہ لگہِ ہے ۔ تِمو بدلوو پانٛس مختلف پلولاٚ گتھ حُلیہِ ۔ پَنہٕ نَن کینٛژن نفرَن ہنٛدی تہِ بدلاٚوِن حُلیہِ ۔ تِمو تھاوی مُخبرَن اطلاع دِنہٕ خاطرٕ بٔڈی انعامہٕ تہٕ تِمو کوٚر ژۄرَس یا ژۄرَن سرکارٕکی معافی ہُنٛد وَعدٕ یوٚ دوٚے تم پانٛے امیک اعتراف کرَن تہٕ بڑٕ وٕنہہ کُن اَتھ پتھ ہین ۔ پزٕ بتھ جایہِ دِتی تِمو اشتہار زِ حکوٗمت دِیہِ تِمو ہنٛدِس جان و مالَس تہٕ عزتَس تحفظ یُس ژۄرٕ سُنٛد پَے دِیہِ ۔ یُتھ زَن کانٛہہ اَکھا تہِ ژۄرٕ سُنٛد پَے دِنِس کھوژِنہٕ ۔ مگر اَتھ سأری ہِے دژاونہٕ کانٛہہ ترٕ ۔ ژۄرٕ سُنٛد دراونہٕ کانٛہہ پتاہ یوٚ دوٚے سُہ اَتھ دوران برابر ژۄر روٗ دکران بلکہِ بُرٕنہِ مہِ کھوتہٕ زیادَے پہَن ۔ شبر نگ رٹنہٕ خاطرٕ یَمو ہُر یمانہٕ اقدامو کنٛژ تِمَس وارٕے کھَہرن تہٕ تِمو لاٚگ امہِ کھوتہٕ بٔڈی کارگرٕنی ۔

شہرَس منٛز پھأکیا وانتشار ۔ بادشاہَس پیٹھہٕ معموٗلی شخصَس تانۍ اوس پزٕ بتھ کانٛسہِ خطرٕ باسان زِمےٚ نتہٕ مےٚ گوٚژھنہٕ ڈاکہٕ پیوٚن ۔ یوٚ دوٚے پزٕ بتھ کانٛہہ شخص دوہَس کھوراتَس پَنہٕ نِس جایدادَس حبہٕ ہُشأری سان رأچھ اوس کران مگر کانٛسہِ اَکِس اوسنہٕ پنُن پان محفوٗظ باسان ۔ سُتی مہِ دوہہٕ کالہٕ چَس بأگ چھُ کوتوال وَنان زِ "وۄنۍ کیاہ پزِ گژھن ۔ تمہِ ہُر یمانہٕ کیاہ ہیکہِ کانٛہہ شخص کٔرِتھ یہِ زَن وُنیس تانۍ کرنہٕ آو ۔"

"تہِ چھُ پوٚز" بادشاہَن وۄنُس "ژٕ نِن فوج تہِ تہٕ تِمَن دِتہٕ حکم یہِ ژٕ

یژھکھ۔"

لہذا آے سٔتۍ مہِ شبہٕ پُلسَس ستۍ ستۍ فوجی تہِ اَکھ اَکِس نگھہٕ نکھے جاین پۆرٕ شہرَس منٛز تعینات کرنہٕ تہٕ تِمَن آو حُکم کرنہٕ زِ تِتھہٕ کنٛی تھاوِو نظر گزرِ تِتھہٕ کنٛی پَنہٕ نِس زُوَس تھاوِو۔ پانہٕ کوتوال تہِ رۆد رأتِ راتَس انتظامَن نگرأنی کران۔ پَنہٕ نِس اورٕ یور کرنَس دوران گٔیہ تِمَس اَکِس کولہٕ بٔٹھِس کُن اَکِس باغس منٛز یہَے ژھاے ہش

"ژۆر، ژۆر، تِمۍ دِژ کربھ تہٕ دوریا واو رٕ گُن۔"

"نہ۔ نہ" اورٕ آس جواب "بہٕ چھُس غریب باغوان سنٛز آشنٕی تہٕ یور چھُس آب برنہٕ خأطرٕ آمُت۔"

"یہِ کُس وقتے چھُ آب برنک؟ ژٕ کیاز چھُکھ نہٕ گوڈے آب کھولمُت؟ کوتوالَن وۆنُس۔

جواب میوٗلُس "بہٕ اَسِس وارٕیہہ آوُر۔"

پَتہٕ وۆنُس کوتوالَن "ژٕ ما چھُکھَن ژۆرو چھُمُت یاتَس متعلق بوزمُت۔"

"آ۔ آ۔ مگر بہٕ کھۆژس کربھ دِنَس مےٚ دۆپ سُہ ماترٕ اوِ مےٚ ٹلٕ دب۔ سُہ اوس وُنی ییٚتی تہٕ تِمۍ نیوٗ مےٚ وارٕیہہ ہا کھ۔ ہر گاہ ژٕ ییٚتی کینژَس کالَس پژار کھ ژھبکہٕ ہن سُہ ییٚتی ئژتھ تِکیا زِ عأنِ ممکن چھُ زِ سُہ ییِہ بییٚہ یور۔ سُہ آو ہُمہِ جایہِ کنٕہ تہٕ سُہ گو وینہٕ تۆ رٕ۔"

"رٕ ژخبر۔ رٕ ژخبر۔ کوتوالَن وۆن "مگر بہٕ کتھہٕ کنٛی رَٹن سُہ؟ ییٚتہِ ما چھُ زنٛڈاتہٕ کانٛہہ یتھ ژھایہِ بہٕ روزٕ تہٕ وۆنی ہر گاہ بہٕ تِمۍ وُچھس۔ سُہ ژلہِ لِپأری۔"

"ژٕ لاگ میۆن پھِرَن زنتہٕ ژٕ آب چھُکھ کھالان۔ سُہ ییہِ ضرٗر یورٕ ییتھ سُہ باتٕے ہا کھٕنِیہٕ۔ پَتہٕ ہیکَکھ ژٕ اُمِس نِش گژھِتھ تہٕ رَٹِھ ہَن۔"

کوتوال اوس نہٕ یژھان اُمِس شخص (ژوٗرَس) نِشہِ اَمہِ حالہٕ گژھُن۔ مگر تٔمی روٗٹ پھِرَن تہٕ ووٗنُس مےٚ ہاو ووٗنی آب کتھٕ کٔنی چھِ کھالان۔ باغوانہٕ ہنٛزِ زنانہِ گوٚنٛڈ سُہ تولہٕ کوٗٹُس تیاٗرِ ییپاٗرِ بار چھُس تھاوان۔ پَتہٕ ووٗنُس لَم ییتھ رَزِ یوسہٕ دوٗیمہِ اَنٛدٕ اَتھ گنٛڈِتھ اُس۔ تٔمی کوٚرتی تہٕ ییہِ زَن پتہٕ چھُ سُہ کھوٚت سیوٚدٕے وٗہ فٹہٕ ہیوٚر رَہوٗس منٛز تھوٚد۔ پَتہٕ کوٚر باغوانہٕ ہنٛزِ زنانہِ تولہٕ کوٗٹہٕ کس بٔنہِ مس اندس اکِس ٹِکلِس ستیٚ گنٛڈ تہٕ اُمی ہنٛدی پلوٗٹَن تہٕ دژ لیہِ۔"

"ہے۔ ہے" کوتوال چھُس کرِکہٕ دِوان۔

باغوانہٕ ہنٛزِ زنانہِ ووٗنُس نیران نیران "ژھوپہٕ کر۔ ئلی بوٗزی ژوٗر تہٕ سُہ ییہِ نہٕ ییپاٗرِ۔ ژٕ کر ژھوپہٕ۔ کھوژمہٕ۔ تولہٕ کوٗٹ وَسہِ نہٕ پانَے بوٚن۔ تتھےٚ ژوٗر ییہِ بٔہ والتھ ژٕ تٔمہِ وِزِ بوٚن تہٕ پَتہٕ رَٹِھ ہَن سُہ ژٕ۔"

اُڈِس گاٗنٹَس منٛز اوس شبرنگ (باغوانہٕ ہنٛزِ زنانہٕ) پَنٕنِس بسترَس پیٹھ شوٚنگِتھ تہٕ راٗژ ہنٛدِس اَتھ اُڈِس گاٗنٹَس منٛز گییہِ نہٕ اَتہِ ژوٗرٕ ہنٛدِ دُبارٕ تیٚنٛچ کانٛہہ نشانٛیا ظاٗہر تہٕ کوتوالَن ووٗن مےٚ وال بوٚن مگر تَس میوٗل نہٕ کانٛہہ جواب۔

تٔمی دِژ کرِکھ "ہے مےٚ وال بوٚن۔" تَس باسیا وِزِ باغوانہٕ ہنٛزِ زنانہِ چھےٚ نِنٛدٕر پیٚمژ۔ "مےٚ وال تہٕ بوٚن۔ ژوٗر ییہِ نہٕ دُبارٕ اَز راتس ییپاٗرِ۔ ژٕ وال مےٚ بوٚن۔ ییٚتہٕ چھےٚ ژُرٕنی ژَھٹھ بٔہ کیاہ چھُس ئلی ییٚتِتھ کران ییلہِ زَن ہُپاٗرِ کُنہِ اَنٛدٕ ژوٗر ہیٚنی کاٗم آسہِ

کران۔'' مگر تو تہٕ آونہٕ اُمس اوڑ کانْہہ جواب۔

پَتہٕ دِژ ژُمی بیِنہ کرکھ تہٕ دِژن باغوانہٕ سٕنٛزِ زنانہِ زبردست سزا ہٕچ دھمکی۔ ز

اوس تَس باس یژھان دِیٚن زِ مےٚ چھُ چون ناو پتاہ معلوم۔ مگر تو تہِ میوٗلُس نہٕ کانْہہ

جواب۔ ''افسوٗس'' آخرس دِژ ژُمی کرکھ ''یہ کوسہٕ چال پھچھےٚ؟'' باغوانہٕ سٕنٛزِ زنانہٕ گوو

نہٕ ژوٗرَس ورأے بیِنہ کانْہہ آسنی تہٕ اُمی ژٕر دَلَن پھچھَس ئہ ییٚتھ گنٛڈتھ تھوومُت۔''

بیِنہ دوہہٕ صُبحأے آے باٹے لوٗکھ بادشاہَس شکایت ہیتھ زِ تِمن اُس ژوٗر

گمُژ۔ بادشاہَن سوٗز کوتوالَس یہِ زنانہٕ خاطرِ نادِ زِ ژُمی کیاہ کوٚرراتس۔ مگر سہٕ اوس نہٕ گرِ نہٕ

کالہٕ پیٚٹھے اوس نہٕ گرآمُت۔ لہذا روٗد شیچھ اَنن وول تِمَس ژھانڈنہٕ خاطرِ سأری

شہرَس پھیران۔ اُخرس آو سُہ تمہِ باغہٕ۔ کنی یوٗت بد قسمتی۔ کنی کوتوال ژامُت اوس تہٕ اَنہ

اوسن سُہ بدمعاش زنانہٕ پھیرَن لاگتھ وُچھمُت۔ یہِ اوس تولہٕ کوٗٹس پیٹھہٕ گنہٕ اوربُر

ہیتھ تہٕ ترٕ سی اوس شٹھیومُت۔ (شیچھ اَنن وألی سوٗچ) خبر بادشاہ کریامیأنس وَتُس

پژھ لہذا کوٗرنس عرض زِ سُہ ییِن تہٕ پانے وُچھن زِ کوتوالس کیاہ اوس بنیومُت۔ بادشاہ

گو وتہٕ ییلہِ کر یہِ وُچھ تَس ژوٗل اُسن نیرتھ۔ سُہ اوس تتھ خراب حالَس منٛز۔

یام کوتوال پٔتھرِس پیٹھ ووت تہٕ ژُمی ووٗن بادشاہَس اَمیُک سوٗرے حال نہٕ

تَس ووٗنن زِ تو ہی ژھنٛو مےٚ ووٗنی مأرِتھے تِکیاز مےٚ چھنہٕ ووٗنی زندگی ہُند تہٕ کانْہہ

پرواے۔ بادشاہَن پرٛژھ ووٗنی بُڈس وزیرَس ''اَسہِ کیاہ پزِ کرُن۔ سأنس مُلکس منٛز

ووتھِ اَکھ یوٗ ڈتہٕ کریوٗٹھ ووژ راٹھ ہرگاہ نہٕ اُسی اُمس ژوٗرَس تدورک ہیکی گرتھ۔ یہ

کتھہٕ پأٹھی ہیکو اُسی رُکأوِتھ۔ لوٗکھ ہیکن نہٕ ووٗنی زیادٕ کالَس پَنٕہ غنن چیزَن ہُند راوٗن

برداشت کرِتھ۔ تِتھِس خوفناک تشویشِس منز روزنہٕ کھوتہٕ ژلَن تم مُلکے تراوِتھ۔"

وزیرَن وۄنُس درجواب "یہِ ہیکہِ نہٕ سپدتھ تہٕ نہٕ سپد۔ ہرگا توہیٕ مے اجازت دِیو تیلہِ نیرِ بہٕ از راتھ کیٛتھ تہٕ ژھانڈَن سائنس امنس درہم برہم کرن وول۔"

بادشاہَن دِتُس اقرار۔ تِتھے اَنہِ گوٚٹ ہیوٚتن سپدَن وزیر کھوٚت گرِس تہٕ دراو۔ شبرنگ ژوٚر تہِ دراو تہٕ کینژھ کالی گوو اکھ غریب مُسلمان زنانہٕ بنتھ ظاہر۔ اَمِس اوس اکھ پھرَن جنداہ گتھ تہٕ اکھ اوٚدر تژہ ہیوٚ ووزُل قصابہ گلس یتھ پٹھ مَلہٕ ستی برِتھ پوٚژ اوٕ گرتھوٚ گرپاٹھی دِتھ اسس۔ یہِ بیوٚٹھ اکس میٚوٕ پھرِ ہنٛدِس دروازَس پٹھ تہٕ اوس اکس لوکِٹس تِلہٕ ژانگہِ کس سوٚتس گاشس منز مکاے پھان یہِ ژونگ اوسس پٹی کنی لبہِ تارس پٹھ۔ سُہ (وزیر) دراو لاٚرکی یہِ زَن شبرنگس توقع اوس تہٕ گژھِ پھرِ نچہِ آوازِ ستی گوس اور کُن توجہ تہٕ پھرَن گراوٚرِ کُن تہٕ پرژھن زاَتہِ کُس چھوٚ۔

اوٚرِ آس جواب "اکھ بُڈا۔ مکاے چھس پھان" تہٕ اَمہِ پتہٕ زتہٕ تمہِ گوڈنکہِ پھرِ یہِ وُچھ زِیہِ گرِی سوار اوس وُزیر تہٕ وۄننس سبٹھے قابلِ رحم آوازِ منز "جناب، توہیٕ ہیکہِ ہوٚن نا ژوٚر رٹِتھ !وُنی اوس یتہٕ اکھ نفر اُتھی لوے مے تہٕ نی نم تقریبَن سوسارے مکایہ ہَن یوسہ مے کالہٕ خاطرِ پھپھِ ہواُس۔"

"ژوٚر۔ کیاہ۔ کتہِ !مے وَن کُس چھُ سُہ؟ سُہ کپاٚرِ دراو؟"

"ہپاٚرِ، ہوٚ کیاہ ہپاٚرِ ووتھ" تہٕ ہووُنس بالہٕ دامنَس کُن۔

وزیر دژا وگری سے پیٹھ تہٕ دِژن أندی پکی ہمسایہٕ گی منز نظرا وزرا مگر اَتہٕ اوس تہٕ ژھٔر سُند کانہہ بۄ د باہاتہٕ آو دُبارٕ واپس پھیرِتھ ییتھ زَن بجہِ نشہِ بیٚیہٕ تہٕ کیٛنہہ معلوٗم گرِہے۔ تمہِ ووٗنُس ''مےٚ ووٗنمے ژےٚ سورُے کیٛنہہ۔ مگر یہٕ کیاہ۔ ییتھٕ کٔز ژٕ أکس تھدِس گُرس کھٔستھ تہٕ پکو پوشاک لٲگتھ چھکھ ژٕ گتہٕ ہکہٕ ہَن ژھٔررٔٹتھ۔ ژٕ بوزٕ کھامےٚ بجہِ ہنز گتھ؟ ژٕ بدلاو مےٚ ستی جاے۔ مےٚ ستی بدلاو پکو۔ ژٕ روز ییٚتی تہٕ بہٕ گژھے لوٚت پأٹھی سہٕ ژھانڈنہٕ خأطرٕ۔ ژٕ روز ییٚتی تہٕ ہیکھ تانی مکأے۔ سہٕ ماییہ یپأری تہٕ رٹہٕ ہَن ییٚتی۔''

یہِ اوس جان منصوٗبہٕ باسان لہذا موٗن وزیرَن۔

ووٗنی اوس شہرنگ أکس بڈس وزیرٕسندِس پوشاکس منز تہٕ أکس سبٹھے خوٗبصورت گُرِس کھٔستھ۔ سہٕ آسہِ ہکھ شہرِکس بازرس منز تہِ گُرِس پیٹھ پکان وُچھمُت۔ امہِ پتہٕ پیہوٚے اَکھ گانٹا گژھتھ آسہِ ہسکھ سہٕ بادشاہٕسندِ بن بیٚیہٕ کینژن مُلازمَن ستی محل خانہِ کِس صحنس منز گتھہِ کران وُچھمُت۔

بیٚیہٕ دوٚہہ صُبحأے آے بیٚیہِ کیٛنہہ لوٗکھ ودان ودان بادشاہَس نِش یہِ شکایت ہیتھ زِ تہندِ جایدادا اوس روومُت۔ اڈہِن آسہٕ روٗپیہٕ راوٕمٕژ، اَڈہِن لال جوٲہر تہٕ اڈہِن اناج۔

''افسوٗس، ہزار افسوٗس! أسی کیاہ گرَو ووٗنی؟ وٗزیر انیوٗن بُلاوِتھ'' بادشاہَن دِژ کریکھ اَکھ نفر آو وزیرٕ سُند گرٕ شیچھ ہیتھ سوزنہٕ ییٚتہٕ تمی یہِ بۄزِ زِ وزیرٕ سُند گر اوس تَس ورأے گرٕ آمُت تہٕ امہِ کِنی اوس تمی سُند سورُے عیال پریشانیہِ کِنی پاگل ہیوٗ گوٚمُت تہٕ

تِمَن اوس باسیوٗمُت زِ وزیرَس آسہِ ژٕ رسمکھیوٗمُت تہٕ تِمی آسہِ مأرِتھ ژھنمُت۔

ییٚلہِ بادشاہَن یہِ بوٗزُن تَس سپُد زبردست دوکھ۔

تِمی منگنوو پٔژن گُرِ تہٕ تُلِن کینٛہہ مُلازِم ءِ ستی۔ یِمَن منٛز اوس شبرنگ تہٕ یُس فِل فورأمِس ءِ ستی وزیرَس ژھانڈنہِ دژاو۔ تِمی (بادشاہَن) وۄن مزید "یہِ ہیٚکہِ نہٕ بَنِتھ زِ یُتھ داناتہٕ وفادار کیاہ ہیٚکہِ تتھہٕ کٔنی مارِ سپدِتھ۔ اَکھ گاٹُل ہیوٗ گوٚہتھ ییٚلہِ یہِ جماعت امہِ لوکچہِ میٚژ پھِرِ کٔنی پکان اَس تِموٗ ووٚچھ رووٗمُت وزیریُس اَکِس غریب مسلمان زنانہِ ہِندِ بِن مکرِبن تہٕ اَدربن ہتھہِ ہوبن زچَن منٛز سبھٔہے دوکھہِ ہوٚت وَدان اوس۔

تِمی دِژ کریکھ "بادشاہ سلامت، توٗہی نیرو، توٗہی نیرو، میانہِ یتھ خجالتُکن مہ وُچھوٗبہ ہیکہٕ نہٕ زانٛہہ تہٕ یتھ مُلکَس منٛز گلہٕ تھوٗ دٔلتھ۔"

بادشاہَن ووٚنُس "سو چھنہٕ کتھ۔ ہمت چھےٚ گٔرِنی۔ اَسی لبون سہ نفر ییٚمی سون مُلک پریشان کوٚر تہٕ وزیر بےعزت کوٚرُن۔" امہِ پتہٕ دیُت بادشاہَن حُکم زِ وزیر واتناوِیوٗن پٔژن گرِ۔

بیٚیہِ رأژ خاطرِ انتظامَن وُچھنہِ داشنہِ خاطرِ آو تھانہِ دار بۄنٛہہ کُن تہٕ سہ یُدوَے لوکٹِہے عوہدَس پیٹھ اوس مگر بادشاہَن کٔر تسنز پیشکش قبوٗل۔

امہِ رأژ بناو شبرنگن پانس وزیر ہنز کوٚر تہٕ روٗز وزیرہٕ سِندِس باغس منٛز یہِ وومید ہیتھ پزاران زِ تھانہِ دار واتہِ اوٗت رأژ ہِندِ گوڈنِکے پھِرِ۔ سہ سپُد نہٕ مایوس۔ خفتن بۄنٛہہ وٕٹھے پہَن دژاو تھانہِ دار لپأرِکی تہٕ کُس تانی شخص باغہِ کٔنی پکان ووٚچھتھ

پرژھُن اُمِس کُس سا چھُکھ؟ جواب میوٗلُس ''وزیر ہٕنز کوٗر۔ ژٕ کیاہ چھُکھ ژھانڈان؟''

تھانہٕ دارَن ووٗنُس ''ژوٗر'' راتھ کوٗرُک چون مول بے عزت تہٕ تَمہٕ بزٕ وُنہہ کوتوال تہٕ اَز چھُس بہٕ پنٕنؠ قسمت آزماوان۔

''تہٕ گوو ٹھیک۔ مگر ہرگاہ ژٕ سہٕ رٹھن ژٕ کیاہ کَرکھ تَمس۔''

''بہٕ تھاوَن سہٕ زنجیرَن گنٛڈِتھ قاٗدتہٕ پزٕ بتھ دوہہ آسَس تیتؠ کوٗژ والان یؠٚت سہٕ ژُر دلہٕ برداشت ہیکہٕ کٔرِتھ۔''

''واہ! بہٕ وُچھہا قاٗدخانہٕ'' ووٗنُس اَمہٕ کورِ ''مےٚ اُس اکثر یہٕ خاہش مگرےٚ دِیُت نہٕ ماٗلؠ اور زانہہ گژھنہٕ۔ وُنؠ کیٚبس آوؠ موقعہٕ۔ یہٕ چھنہٕ دوٗر۔ بہٕ چھُس یژھان یہٕ جاے وُچھنؠ!''

''ژٕ یہٕ ییٚنہٕ کُنہٕ دوہہٕ۔ وُنؠ کیٚبن چھےٚ نہٕ مےٚ فرصت تہٕ پیٚٹھہٕ گژھی ژےٚ مول ناراٗضی ہرگاہ تَس یہٕ پتاہ لگہٕ زِ ژٕ اَسِکھ یؠٚت ژٕ پری ییٚرٕ کُنہٕ باغس منٛز۔''

کورِ ووٗنُس ''تَس لگہٕ نہٕ زٕ نہے تہٕ پتاہ۔ سہٕ چھُ نا ٹھیک۔ سہٕ ییمہٕ وِزِ راتھ گراوٕ نکھ سہٕ اوس تمے وِزِ بیمار۔ کرجلدٕ ے۔ بہٕ آیہ سےٚ۔''

تتھہٕ پاٗٹھی سپُد تھانہٕ دار مجبوٗر تہٕ دژٕ اوقاٗدخانس کُن بزٕ وُنہہ بزٕ وُنہہ۔ اَتہٕ اوس اَکھ پُلسہٕ وول راٗچھ تکیاٗزباتی سارنےٚ اوس حُکم دِنہٕ آمُت زِ توٗہی ژھانٛڈ یون ژوٗر۔ لڑکی ہنٛدِس درخاسَس پیٚٹھ ہوٗوس اُکؠ سوٗرےکیٚنہہ۔ اکھُتؠ لاجہٕ تَمہٕ زنجیر تہٕ۔ سہٕ ژاد کوٗٹھرِ منٛز تہٕ ہوونس زِ ژوٗرس ہتؠ کیاہ ییہٕ کرنہٕ ہرگاہ سہٕ رَٹنہٕ تہٕ قاٗد ییہٕ تھاونہٕ۔ اَتھی ہتؠ

دُیُت شبرنگن (وزیرِ سٕنزِ کورِ) تھانہٕ دارس دکہٕ تہٕ تَس گوو گُنے پِینڈُل۔ کوٹھرِ کوٗرُن درواز بَند تہٕ کورِ ہُنْد لباس کَڈِتھ لوگُن تھانہٕ دارسُنْد دستارٕ تہٕ تھانہٕ دارسُنْد کمر بند گوٗڈُن کمرس تہٕ گوو سیوٗ دُے تھانہٕ دارسُنْد گرٕ ڈُلی ڈُلی۔ تھانہٕ دار سٕنز زنانہٕ ستیٚ گِتھ کران وۄنُن تَس "مے دِکیٚنِہ روپیہِ تہٕ لال جواہر۔ ئہ نیٚرٕ شہرٕ منٛزٕ تہٕ روزٕ کُنہِ بدل جاییہِ۔ ئہ گوس ژۄر لیٚنس منٛز ناکام لہذا کرنہٕ مےٚ بادشاہ کانٛہہ پاس۔ دِمےٚ یِم چیز تہٕ ئہ نیرٕ۔ ئہ سوزَے ژےٚ پتہٕ زِ ئہ کتہٕ آسہٕ تہٕ ژٕ کرتہٕ کتھہٕ کنٛز واتِتھ مےٚ نِش۔

زنانہٕ دِتی اُمس ڈُلی ڈُلی لال جواہر تہٕ کیٚنِہ ہَتھ روپین ہٕنٛدی نقد۔ شبرنگن کوٚرُس میوٗ ٹھاتہٕ دژاو۔

دوٚیِمہِ دوہہٕ صُبحَاے سوٗز بادشاہَن تھانہٕ دارس نادتہٕ سُہ گرِنہٕ لۆبِتھ لاگنوٗن سُہ ساٗری ہے شہرَس منٛز ژھانڈن۔ بادشاہ سپُد تمہِ وِزِ زبردست حاٗران۔ یِلہِ تِم یِہ بوٗز زِ تھانہٕ دار اوسُکھ زنجیرَن گنٛڈِتھ قاۄدخانہٕ کِس سارِوے کھوتہٕ اَندرِمس کُٹھس منٛز تھوومُت۔ بیِیہِ اوس ژۄرتھانہٕ دارسُنْد گرٕ گوٚمُت تہٕ تتہِ اُسن تہِنْدی ساٗری لال جواہر تہٕ تہِنْد جمع کرنہٕ آمتہِ رقمُک بوٚڈ حِصہٕ نِمُت۔ تِمو بلوو پنٕنہٕ مُلکہٕ کِنہ سارِنے گاٹلین ہُنْد اجلاس۔ یُتھ زِ تِمن ستی یِہ مشورٕ کرِ ہے زِ اَتھ مصیبتَس منٛز کیاہ پزِ ووٚنی کرُن۔ تِمو وۄنُکھ "توہہ چھُو پتاہ زِ اَتھ چھُنہٕ کُہنی تہِ فایدٕ زِ ہرگاہ اَسی ژۄرر ژٕنٛچ کوٗشش کرو۔ یِہ گوو ووٚنی ہوہَس گیٚجہِ گنڈنہٕ۔ سوزُے پُلیس تہٕ فوجُک زیادٕ ترحصہٕ رۄڈی وارٕ یِہَن دوہَن نظر گۄر تھاوان۔ پزٕ بتھ کانٛہہ اوس پن پننہِ جایہِ مُستعد۔ پتہٕ مِس ہفتس اَسی پزٕ بتھ گرِس کیٚنِہ کیٚنِہ راتَن ہُشار۔ اَمہِ علاوٕ کیاہ حبہٕ ہُشاری ہیکہٕ ہے ورتاونہٕ یِتھ تہٕ اَمہِ

پَتہٕ تہٕ گیہِ لۆگن ژۆر۔ سون وزیر، کوتوال تہٕ سون اَکھ تھانہٕ دار بنے شہرَس منز اکہِ سامانہٕ۔ اَسی کیاہ ہکو کٔرِتھ؟ ہرگا کانٛہہ شخص اَسہِ مدد ہیکہِ کٔرِتھ یا ہرگا ژۆر پانٛژ پانہٕ اِمیک اعتراف کٔرِتہٕ یہِ وعدٕ کٔرِ زِ سُہ کرِ نہٕ بۄ ونٛہہ کُن یِژھ خراب کامہِ بہٕ دِمہٕ تیٚلہِ تٔمِس پنٕنی کوٗر نیتھر کرِتہٕ بیٚیہِ پٔنُن نصف ملک۔"

یہِ بوٗزِتھ آو شبرنگ بۄ ونٛہہ کُن تہٕ موٚنگن بادشاہ صاَبس کیٚنٛہہ وَنُن اجازت۔ "بادشاہ صاَب توہہِ کوٗر رُوپنہٕ مُلکہٕ کیٚن سارنٕے بَڈٕ بن تہٕ دانا لۆگن بۄ ونٛہہ گنہِ یہِ وعدٕ زِ بہٕ دِمہٕ پٔنٕنی کوٗر تہٕ پٔنٕنہِ مُلکُک نصف تٔمِس ژۆرس ہرگا سُہ پانہٕ اِمیک اعتراف کٔرِ تہٕ بۄ ونٛہہ کُن ژۆر کرِ نہٕ نِشہِ پَتھ روز۔"

بادشاہن وۆنُس "آ۔ بلکل۔"

"بادشاہ صاَب۔ تیٚلہِ بوٗزو زِ بہٕ چھُس ژۆر تہٕ پٔنٕنی یہِ کتھ ثابت کرنہٕ خاطرٕ دِیو توٚہی تٔمن سارنٕے لۆگن حُکم یِمن نقد یا کُنہِ تہٕ قسمُک جایداد پٔتی میٚن کیٚنٛژن ہفتن اَندر چھُ رووُمُت تِم سٔمن شہرس نیٚبر گنہِ فلانی جایہِ تہٕ بہٕ دِمہٕ تِمن پٔنٕنی ساری چیز واپس۔"

اجلاسَس منز موجوٗد سارنٕے لٔج حٲران گژھِتھ گُنی دِنٛن۔ لۆکھ لٔگی شبرنگس کُن تٕتھہٕ کنی وُچھنہٕ زن تہٕ سُہ دیوتا اوس۔ اَڈٕ بو سوٚچ زِ سُہ چھُ دیوانہٕ تہٕ پَتہٕ چھُس نہٕ بہٕ کیاہ چھُس ونان۔ خٲرتہٕ چھیکرس کیٚنٛژن ژِھٕ بَن ہِندِ ٹھہراوٕ پَتہٕ کٔر بادشاہن کتھ تہٕ وۆنُن "یہِ گو ٹھیک۔ تیٚتھے کنی کرو۔ پَکھ ژٕ شبرنگ مے نِش۔"

بادشاہ دراو شبرنگس سٕتی تہٕ اجلاس آو برخاست کرنہٕ۔ پانہٕ وٲنی کتھ کران

دِیُت بادشاہَن پَنہٕ نِس وعدس پھیُر تہٕ وۄنُن زِ کھاندر خاطرٕ تیأر یہِ تہٕ مُلکُک نصف مُنتقل کرِنچ کأم یِیہِ تیوٗت جلد کرنہٕ یوٗت ممکن سَپد۔"

پگہہ سمے تمہ سأری لوٗکھ یمَن کینٛہہ رووُمت اوس۔ شہرٕکس دیوارس لرِ أکِس بۄڈِس مأدانس منٛز تہٕ تتہِ بادشاہ تہٕ تٔمی کرٕ سندِ بن وزیرَن ہنٛزِ موجوٗدگیہِ منٛز کرِ شبرنگن تمہ سأری چیز، نقدی، لال جواہر، پلو وغأرٕ واپس یِم تٔمی نِمتی أسی۔ پرٕ جتھ کانٛہہ دژاوخوش گرٕ ہِتھ واپس تہٕ دُبارٕ سَپد مُلکس منٛز امَن قأیم۔

محل خانہٕ واپس یِوان کوٚر شبرنگن بادشاہَس درخاس زِ مےٚ دِیِ تو ماجہِ ناد سوزنُک اجازت۔ یُتھ زَن ئہ تِمس کھاندرس نسبت مشورٕ تہٕ مَدد دِمہٕ۔ بادشاہَن موٚن تہٕ شبرنگ سٕنہِ ماجہِ آونا دسوزنہٕ۔

سو وأژ تیوٗت جلد یوٗت تَس ممکن سَپد تہٕ فورَن چِھ بادشاہَس۔ بادشاہَن کوٚر تَس سٮ۪ٹھاہ شاندار پأٹھی استقبال تہٕ وۄننس زِ ئہ چھس یِمہِ خاطرٕ سٮ۪ٹھاہ خوش زِ ئہ بنیوس یَتھ قأبل زِ پنٛنِ کوٚر دِمَن تِتھِس چالاک تہٕ خوٗبصورت شخصس یُس چون پرورش پرٕ وومُت نیٚچو چھُ۔

تمہِ وۄنُس "بادشاہ سلامت چھِ سٮ۪ٹھے مہربان پأٹھی کلامہٕ کران مگر یہِ کھاندر ہیکہِ نہٕ سپدِتھ۔ یہِ چھنہٕ شرعن صحیح زِ کانٛہہ کیاہ گرٕ پَنہٕ نِس نیٚچوٗس پنٛنہِ کورِ ستی کھاندر۔ بۄے ہیکہِ نہٕ بینہٕ سٕتی کھاندر کٕرِتھ۔

بادشاہَن وۄنُس "مےٚ توٚرنہٕ چون وَنُن فِکرِ"

جواب میوٗلُس "اَتھ منٛز چھنہٕ تعجبس لایق کانٛہہ کتھ زِ ژٕ نےٚ چھسے نہٕ ئہ یاد مگر

یہِ وأج تہٕ رُمال پأوی ژٔے مےٚ متعلق ژبٕبس۔ رٔژو، یم چھےٚ چانی تہٕ مےٚ دِسوٕ وأج واپٔس یو سہٕ مےٚ یمَن بدلہٕ دِژأ ے۔"

اَمہِ پتہٕ وٕوٕن أمس اَمہِ سورٕے کینہہ۔ زِ سو، کتھہٕ کنٔ أس أمی ہنٛزٕ شرعی آشنٔ تہٕ أمی، کتھہٕ کنٔ أس سو مٔشرأوموٕ۔ سو أس أمس نٔش بھیس بدلاوِتھ آمٕژ تہٕ تمس، کتھہٕ کنٔ زاوشبرنگ تہٕ ییلہٕ سہٕ بوٚڈ گووتہٕ تمہِ، کتھہٕ کنٔ مأنٔی رووسہٕ کشیرٕ ہنٛدِس شأہی دربارس منٛز گرٛھن۔ وٕوٕنی سٔپد تہٕ پؤرٕ یہِ تمہِ دوٚہہ اَمہِ مأکی ہنٛدِس باغس منٛز أمس وٕوٕنمُت اوس ییلہِ تم گوڈٕنکہِ پھرِ پانہٕ وأنٔی سمکھی۔ "لڑکہٕ گرِ مأکی ہنٛزکورٕ ستی کھاندر۔"

أتی تھےٚ تہٕ اَمے وِزِ سٔپد بادشاہَس پننہِ زنانہٕ ستی دُبارٕ صلح تہٕ شبرنگ آو شہزادٕ تسلیم کٔرِتھ تختک وأرث مانٕنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ رؤدی یم ترٛشوٚے وارٕیہَن ؤرِی یَن خوش تہٕ خوشحال پأٹھی یکہٕ وٕٹہٕ۔

(راوی: سوٚتھہ سرینگرٕ کی پنڈت مُکند بایو یٚمی یہِ ترتیب کارٕ ہنٛدِ خاطرٕ سوٚمبرٕتھ أنٕی تہٕ یہِ دٔلیل أکس بُڈٕ بہلس نٔشہِ کرٕنٔڈی ویٚچہ بیارِ بوٗزمٕژ أس۔)



# لاِدٕریار

اَکِس مقدَمَس گٔیہِ پنٕنہِ گامہٕ کِس بیٛنِس اَکِس نفرَس ستۍ سخت یارٕ ز یُس وارٕ وارٕ تیُتھ لاِدٕرشاَیت سپُد زِ أمی کوٚر تَس نِشہِ پأنٔس تھٔپھ تلناوُنک پوٚختہٕ اِرادٕ۔ مگر یہِ اوس وَنُن سَہل کرُن ما، تِکیازِ یِمَن اَس پانہٕ وأنٛ قریبی دوستی بنیمٕژ تہٕ تَوے اوسنہٕ یَژھان زِ أمِس گژھہِ دِلَس زیادٕ لگُن تِکیازِ أمی اَسۍ تَمِس پٔنٛنۍ وارِیاہ سِر تہٕ ؤنۍ متۍ۔

اَخرس تہٕ گرٔ أمی یہِ چال: ''بوزسا'' أمی ووٚن زنانہِ کُن ''أسۍ یتھُے بَتہٕ ہمو کھیوٚن تہٕ یہِ پیٛیہِ ضرور وأتتھ یُتھ زِ أمِس تہٕ کھینہٕ خاطرٕ کینٛہہ بَنہِ۔ بٔ نیرَ ےوٕنۍ کمن اوٚرۍ تہٕ یِمہٕ ژٕیرۍ پٔہَن بَتہٕ کھیٛنہِ۔ ژٕ کھے زِ پانَس تہٕ باقیٕ ہن تھأوی زِ لنٛد کُن تہٕ أمِس ؤنۍ زِ اَسہِ موکلوو کھبتھ۔ اگر أمی ووٚنُے ''کینٛہہ چھُنہٕ پرواے، ژٕ رَن مےٚ خاطرٕ کینٛہہ بدل تہٕ ژٕ ؤنۍ زبس زِ بٔ چھس نہٕ پَنہٕ نِس خانہٕ دارِ سنٛدِ اجازتہٕ ورأے یژھ کانٛہہ نازیبا کأم یژھان کرِنۍ۔ گتھ گرۍ زبس ٹھیک پأٹھۍ مگر کھیوٚن دی زبس نہٕ رٕکھِنۍ۔''

ییٛلہِ ووٚنۍ یہِ نفر آو زنانہِ کوٚرتِ یہِ تَس خانہٕ دارَن ووٚنمت اوس۔ ''مے خَف دی زبو معأفی'' زنانہِ ووٚنُس مقدم خَف چھُ نیٛرٕ ے تہٕ ہرگاہ سُہ ییٚتہِ آسہِ ہے سُہ مارِہے

ضرٗورژٕ ے خاطرِ کوٗ کر۔"

تٔمۍ وۄنُس "ژٕ کیاز ژھکھ معافی منگان۔ اَدٕ چھُ چون خانہٕ دار اٗرکۍ۔ بہٕ چھس ناپیٚتۍ سےٚ کیاہ چھُ کوٗ کر مارنُس۔"

زنانہِ وۄنُس "نہ۔ ہرگزنہٕ۔ ہرگامیۄن خانہٕ داریژھ گتھ بوزِنہٕ گژھہٕ نہٕ ژکھہٕ۔ ژٕ مہٕ ہے پانس تفریق ژٕ نیرتہٕ یہِ بیٚیہٕ ساعتہٕ ییٚلہِ مقدم پیٚتۍ آسہِ۔"

مگر یہِ گتہِ اوس یۄت سَہل پأٹھی تہٕ ژھ تُلن وول۔ "تفریق" تٔمۍ وۄنُس "ژٕ ے کٔمۍ وۄنُے تہٕ۔ بہٕ چھس پٕزۍ کنۍ کینژہ کام کرٕنۍ یژھان۔ کینژہ چھُنہٕ بہٕ مارنٕے کوٗ کرتہٕ ژٕ پہوٗ تانۍ دانٕس تہٕ کرکھ مےٚ خاطرِ کوٗ کر تیار۔ مقدم ییٚلہِ اورِ واپس ییہِ تہٕ بہٕ سمجھاوَن سہٕ پانٔے" یِی ونان دژ اوسہٕ آنگنس منز بیٚتہِ کوٗ کر اُسی تھاونہٕ آمتۍ تہٕ یُس اصل ہیۄ کوٗ کر تمِس اَتھس منز آوسہٕ رۄٹُن تہٕ دژ اوأمِس مارنہِ۔"

زنانہِ دِژس کربکھ "ہے۔ مہٕ حَض کر ژٕ یہِ، خانہٕ دار آسہِ پکان سہٕ انہٕ چانہٕ کھنہٕ خاطرِ کینژہ نتہٕ کینژہ۔" مگر یہِ گتہِ گیو پتھ ہنہٕ وول تٔمۍ کوٗ رجلدِ ے کوٗ کرس کھش تہٕ پتہٕ یہِ أمِس زنانہِ کُن پلناوان وۄنُس رَن ژٕ یہِ مےٚ خاطرِ۔ اَمہِ مُشکلہِ منز نیرنَس کانٛہہ وتھ نہٕ ڈیشتھ موٚن اَمہِ زنانہِ اُمۍ سُنٛدٕے مگر یہِ تیار سپدنہٕ بژھہٕ ووت مقدم۔

"اسلام علیکم" تٔمۍ وۄن پنٕہٕ نِس یارس تہٕ أمِس ستۍ خاٗر پاٹھا کُرتھ گوو ڈٗلۍ ڈٗلۍ سولہارِکُن تہٕ پرٕژھُن زنانہِ، ژٕ ے کیاہ کوٗ رُتھ۔ تمہِ وۄنُس اورِ سائلم کینژہ۔

"چلو ٹھیک گوو" تٔمۍ وۄنُس "یہِ چھُنہٕ کانٛہہ بوٚڈ معاملہٕ۔ أمِس تارٕ وأسۍ اَز

فِکرِ۔ بوز۔ ییلہِ کوٗرُ تیار گژھہِ ژِ تھاوی زِ اُمِس وریہہ کم مگر دی زبس تژ امہٕ بانٛس منز۔ باپتہٕ دی زِمےٚ مگر سُہ تھاوی زِ کترِ بانٛس منز۔''

ییلہِ وۄنی کھین چَھن تیار سپد زنانہِ کوٗر لی۔ مگر یِہ نفرتہٕ پہوٚیمن پٹھہٕ۔ تٔمی وُچھ زِمےٚ بڑ وٚنہہ گُن تھوٗوٗکھ کُہے تہٕ ژٔ رٕہن تھاوٕکھ مقدمَس بڑ وٚنہہ گنہِ۔ ''نہ۔نہ۔'' ژےٚ کیٚاہ باسیٚ یہٕ کھٚما تژ امہٕ بانٛس منز تہٕ ژٔ کھٚکھ کترِ وِس بانٛس؟ سوالے چھنہٕ۔ تہٕ بنیٚا۔'' یِی ونان زوٗ تٔمی مقدم سُنٛد بانہٕ تہٕ اَتھ بدل تھوٗوٗن تژ امہٕ بانہٕ مقدمس بڑ وٚنہہ گنہِ حالانکہِ مقدم اوٗسُس پٔنٕنی کُنی کیٚاہ کیٚاہ کران۔ مگر تَس آسہِ ہے اَندری دَم گوٚمُت۔

یِہ سٲلِم وُچھتھ گٔر مقدمَن زنانہِ کُن نظراتہٕ وۄنُن ''کینہٕ ودہو پٹھہٕ چھُ اَکھ جِن یتھ گرِس منز ژامُت۔ اکِہ دوہِہ پھِرِ گو وسُہ تیمی وَقتہٕ ظاہر تہٕ گرِن سارِی ژاٗنٛگی ژھبتہٕ۔''

اَمی وۄنُس اورٕ ''بڑی ہا''

زنانہِ رۄٹ اِشارتہٕ اَتھو پٹھی ژھیوٚ روٗدن ژونگ۔ اَتہِ گیہِ سارٕی ہے اَنہِ گٹہٕ تہٕ مقدمن پلنو وکترِ بانٛس کُن اَتھہٕ۔ یتھ اَتھ پانٛس کُن اَنہِ ہے مگر اَمی ہِنٛدِس یارس توٗر یہِ فِکرِ تہٕ بانٛس کھوورِ اَتھہٕ تھچھ گٔرتھ تُجن بیٚنِس اَتھس کیتھ زۄرتہٕ لوٚگن مقدمَس بےٚ وایہِ پٲٹھی ماردِیُن۔

''اوٗہ۔ اوٗہ'' مقدم اوٗس کریکہٕ دِوان۔

زنانہِ دِژِس کریکھ'' ہے ژٔ کیٚاہ چھکھ میٲنس خانہٕ دارس ستی کران۔''

اورٕ وۄنُس تٔمی ''جِن چھُ میٚون بانہٕ یژھان ژۄرِنیٚن'' تہٕ یُس تٔمی جِنہٕ بانٛژ

رۆژمُت اوس تَس کُن اوس ونان۔ ''حبس گَر۔ حبس گَر'' تہٕ اوسُس تیوٗت زورٕ زورٕ ستۍ دَبا دَبا والان یُوت تَس طاقت اوس۔ اَخرس تہٕ پھُٹ زۄرٕ رے تہٕ نفرژول دروازٕ نبر مگر پیٹھٕ ہن تھووُن خیال زِ گترِ بانہٕ تُلن سنٕز ہن ہتھ پانس ستۍ۔

(راوی: سرینگرُک بسکین اَکھ کھنڈواو)



# بَد خصلت ووٲر موج

اکہِ دوہہٕ تھووٲ کِ برہمَن پننہِ زنانہِ قسم زِمےٚ ورٲے ٲسِ زبنہٕ کانٛہہ چیز کھوٚان نَتہٕ بنی ژےٚ ژھاوٕ ج۔ درجواب وۄنُس برہمَن بایہِ زِمےٚ ورٲے ٲسِ زبنہٕ ژٕ تہِ کینٛہہ کھوٚان ہرگا کھیوٚ تھ تیلہِ بٕنی ہہہ (ژِترٕ بژٲر)۔ سبٹھاہ وقتا گوٗزریاوتہٕ کانٛسہِ ٲکِ پھۄٹرٕ نہٕ پٔنٛن لفظ یوٚ ت تانی اکہِ دوہہ برہمن بایہِ شُرٕ بن بَتہٕ دِوان پانہٕ تہِ ٲکس رَژھہِ مَزٕ ؤچھ تہٕ خانہٕ دارامہِ وِزِاَتہِ اوُسس نہٕ۔ اَمی وِزِ بنیہِ تَس ژھاوٕ ج۔

برہمن ییٚلہِ گرٕ وۄت تہٕ اَتہِ ؤچھن ژھاوٕ ج گرس مٔنٛز اورٕ یور کران تَس سَپُد سبٹھاہ دوکھ تہِ کیٛازِ تَس اوس یہِ پتاہ زِیہِ چھےٚ ٲمِ ہٕنٛزٕ ےسوٚ ٹٲٹھ آشنٕ۔ ٲمی تھاوٕیہِ ژھاوٕ ج گرٕ کس صحنس مٔنٛز گنٛڈِ تھ تہٕ اوُسس پۄٚرٕ خیال تھاوِتھ رَچھان۔

کینٛہہ ؤری پَتہٕ کوٚ رٲمی بیٛا کھ کھاندر مگر یہِ زنانہٕ اُس نہٕ شُرٕ بن رکھ ہٕ ژٕ۔ تم اُسی تَس کھران تہٕ تَمن اُس رَگ کران تہٕ سبٹھاہ کم اُسکھ کھنبس دِوان۔ یہِ ہٕنٛزٕ ماجہِ بوٚ زیٛمَن شُرٕ بن ہٕنٛزٕ شکایت تہٕ تَمہِ ؤچھ زِیم اُسی کمزور گژھان۔ اِوٕ کنٕ اوُنُن لوٚت پاٲٹھ

یَمو منز اَکھ ناد دِتھ تہٕ تَس وۄنُن یہِ گَتھ باقیٖن تہِ وننہٕ خاطرٕ زِ ییٚمہِ ساتہٕ تہِ توٚہہِ بۄچھہِ آسو لگان توٚہۍ أسی زبوٚے لورِ ستۍ ہنگین ٹاس تڑ اوان تہٕ اَمہِ ستۍ آسہِ تِمن خاطرٕ کھٔمن پَتھر پیوان۔ تِم رۄدی لِی کران تہٕ وۄنۍ أسۍ تِم زاولِی تہٕ کمزور گژھنہٕ بدلہٕ یہِ زَن تِہنزٕ وورِ موج توقع أس کران رۄدی تِم طاقتور تہٕ مضبوٗط بنان۔ سو أس حأران زِ یِم کِتھہٕ کٔنۍ چھِ وتھان تہٕ پوٚٹھان ییٚلہِ زَن سو ییٚمن یۄ تاہ کم کھٔمن چھےٚ دِوان۔

کینٛژن کالی زایہِ أمِس بدخصلت زنانہِ اَکھ کأنۍ کوٗر۔ سو أس أمِس لولہٕ سان رَچھان تہٕ پڑِتھ رنگہٕ أمِس وُچھنہٕ داشنہٕ خاطرٕ أس نہٕ کُنہِ تہِ قسمٕچ یا خرچ پَرگی تھاوان۔ دوہا ووت زِ یہِ کوٗر گیہِ بڑٕ پہن تہٕ لوگن اورٕ یورٕ پکن تہٕ گَتھہٕ کرنہٕ۔ سوسۄ زماجہِ باقٕے شُربن ستۍ رِگندنہِ تہٕ بییہِ وۄننس یہِ گَتھ گرِ زِ سَرٕ زِ ییٚمن گَتہِ تہٕ کِتھہٕ کٔنۍ چھُ کھٔنہٕ خاطرٕ کینہہ بنان۔ کورِ کوٚرُن وعدٕ زِ سو کریہِ تہٕ رۄز دۄہۍ دۄہَس تِمن ستۍ أدٕر زٕٹہِ ہش تہٕ وُچھن تہٕ سأرِلم یہِ سَپدِ۔

ییٚلہِ اَمہِ زنانہِ بۄز زِ ژھاوِج چھےٚ أمۍ ہندٕ بن وورِ شُربن کھٔمن واتناوان تَس کھوٚت سخت شرارت تہٕ کوٚرُن پۄرٕ پأٹھۍ یہِ قصد زِ یہِ ژھٔنَن جلد کھوتہٕ جلد مأرِتھ۔ اَمہِ لوگ بیمار آسنک ڈانٛب تہٕ انووُن حکیم۔ أمِس دِتُن کوٚژھ زِ ژٕ وَن أمِس چھُ ژھاوجہِ ماز علاج۔ برٛہمنَس لٔج زنانہِ ہندِ اَمہِ حالٕچ سخت فکر تہٕ یُدوَے تِمس ییٚمہِ گَتھہِ باپَتھ سخت دوکھ سپُد زِ تِمس پییہِ ژھاوِج مارٕنۍ (تہِ کیاز تَس اوس نہٕ اَمہِ ورأے تہِ چارٕ تِکیاز تِمس أسۍ نہٕ پنٛنہِ زِنہٕ اَنہِ ہے بدل) مگر تِمۍ دۄپ زِ کُنہِ وُنہٕ گژھم آشنۍ ٹھیک گژھنۍ۔ مگر شربو ییٚلہِ یہِ بۄز تِمو ہیوٚت وَدُن تہٕ گےٚ پَننہِ ماجہِ نشہِ سبٕتھےٚ غمہٕ

ہوٚت وۄنہٕس یہٕ سورُے۔

تمہٕ وۄنُکھ "میانوٚ ٹاٹھوٚ۔ توٚہؠ مہٕ ڈِیو۔ میانہِ خاطرٕ چھُ تِتھہٕ کٔنہ زِنٛدٕ روزنہٕ خاطرٕ مرُنے سبٹھاہ بہتر۔ توٚہؠ مہٕ ڈِیو۔ توٚہہِ متعلق تہٕ چھُنہٕ مےٚ کانٛہہ خوف۔ توٚہؠ ہرگاہ میأنِس وَنِنَس پیٹھ عمل کٔرِو توٚہہِ میلہِ برابر کھٮ۪ن۔ توٚہؠ سوٚمبرٲوِو زیوٗ میانہِ اۄڑجہِ تہٕ ژۄرِ پأٹھؠ دۄ برٲوِو زیوٗ کُنہِ جایہِ زمیٖنَس منٛز تہٕ ییٚمہِ ساعتہٕ تہٕ توٚہہِ زیادٕ بوٚچھہٕ آسہٕ لگان توٚہؠ اَسِو زیوٗ توٚتےٚ گرٛہان تہٕ کھٮ۪ن منگان تہٕ توٚہہِ میلہِ کھٮ۪ن۔

اَمہِ ژھاوجہِ دِتؠ عان وقتس پیٹھ یِمَن ییٚم ہدایت تِکیا زِ تِتھے تمہٕ ییٚمہٕ گٔتھ ژٕنتھ موکلاوِ تہٕ شُرۍ اَتہٕ دژاے تہٕ پٕچ پوٚشرٕ اَکھ بٔتھ وأتتھ تہٕ کوٚرُن اُمس کھٔش۔ اُمس آے پھٔلۍ کرنہٕ تہٕ رَننہٕ۔ وۄرٕ ماجہِ کھوٚبہٕ ماز تہٕ ووٚرٕ شُر بن میچہِ اۄڑجہِ۔ تمو کوٚر یِمَن تی یہٕ یِمَن وَننہٕ اوس آمُت تہٕ تِتھہٕ کٔنہ رۄٗ دییِمَن دوہے گُتُل کھٮ۪ناہ میلان۔

ژھاوجہِ ہٕنٛدِ مارنہٕ پتہٕ پتہٕ اُس اَکہِ دوہہٕ صُبحٲے ہُمس زنانہِ ہنٛز ووٚرٕ کوٚر (تِتھ) کولہِ پیٹھ بُتھ چھلان یوسہٕ تِہنٛدِ گٔرۍ کٔنہ پکان اُس۔ تُمس اُس نستہٕ وأج ییٚلےٚ پہن تہٕ گیٖس آبَس۔ یہٕ وُچھ اَکہِ گاڑِ تہٕ تمہٕ ژھنۍ یہٕ ننٛگا وِتھ۔ یہٕ گاڑٕ ٹ کٔرتان نفرَن تہٕ کٔین یہٕ بادشاہ ہٕنٛدِس خأنۍ سامانَس۔ یتھ سٕہ اَتھ بادشاہَس خاطرٕ رَننہٕ ہے۔ خأنۍ سامانَن ییٚلہِ چھلنہٕ خاطرٕ گاڑ پھاسہٕ نأوسہٕ گوو اَتھ اندٕ رنستہٕ وأج وُچھتھ سبٹھے حأران۔ تِمو تُج یہٕ تہٕ واتناوِن بادشاہس نِش۔ تِمس گیہٕ اَتھ منٛز تیٚژ دلچسپی پأدٕ زِ تِمو دیاوناوِ پننہِ مُلکہِ کِس پرٕ بتھ گامَس تہٕ سریہٕ منٛز یہٕ پارٕ زِ ییٚمس تہٕ کأنٛسہٕ نستہٕ وأج آسہٕ رأ دِمرٕ شہٕ دِیہِن درخاس۔ کینٛژھ دۄہ پتہٕ دِیُت اُمس کورِ ہنٛدی بأے بادشاہَس

اطلاع زِیہٕ نستہٕ وأج أس أمۍ ہشرٕ بینہٕ ہٕنزٕ تہٕ تَس أس یہٕ اکہٕ دوہہ رأوِمٕژ ییلہٕ کولہٕ پیٹھ بُتھ أس چھلان۔ بادشاہَن دِیُت حُکم زِیہٕ کوٗر گرٕ ھہٕ مےٚ بڑ وٕتھہ گَن ہٕنزٕ سُہ گووأمۍ سُنٛد مأری موٚنٛد بُتھ تہٕ أمۍ سُنٛد تُلہٕ ترٕ اووٗ چھِتھ تیوٗت مُتأثر زِیُٕمۍ کوٗر اُمِس سٕتۍ کھاندر تہٕ أمۍ ہٕنٛد بن گرٕکمن ہٕنٛدِ خاطرٕ کوٚرُن پرٕ بُتھ کانٛہہ چیز میسر۔

(راوی: بشو بایو۔ رنی وور سرینگر)



# پۆز یارٕ ز

اَکھ بادشاہ تہٕ تٔمۍ سُنٛد وزیرِ اعظم اوس أکِس بڈِس عذابَس منٛز۔ تِمو منٛزٕ اوس نہٕ کانٛسی نیٚچُو۔ اَمہِ ہوٚے تکلیفہِ کِنۍ أسۍ بادشاہ تہٕ وزیر پانہٕ وأنۍ واریہہ نِکھہٕ۔ تِم أسۍ صِرف تِمے وِزِ خوش باسان ییٚلہِ تِم اَکھ أکِس نِشہِ آسہٕ ہَن۔ سبٹھے کم أسۍ تِم اَکھ أکِس نِشہِ الگ نظرِ گژھان۔ ییٚتہِ بادشاہ اوس آسان تٔتی اوس ضرور وزیر تہِ آسان تہٕ ییٚتہِ وزیر آسہِ ہے تَتہِ اوس لازمَن بادشاہ تہِ لبنہٕ یوان۔ اکہِ دوہہ صُبحأے گٔے تِم دوشوٚے أکِس جنٛگلس منٛز شکار کرنہٕ خأطرٕ ییٚتہِ تِمو اَکھ گوسأنۍ نارس بٔرٕ وٕنہہ کنہِ ژلٹہٕ کوٚٹھ کرِتھ وُچھ تہٕ ظأہر چھُ زِ سُہ اوس پۆز اکران۔ تٔمۍ تُجِ نہٕ نظر تہِ ہیوٚرکُن تہٕ ییٚہ کنہِ طٔریقہٕ تہِ گوس نہٕ یِمَن لازِم داریِنہٕ والین ہُنٛد ظون۔

بادشاہَن وۆن ''وولہٕ أسۍ کرو أمس ستۍ کتھ۔ ممکن چھُ یہِ خدا دوست ما گرِ سانہِ خأطرٕ کینٛہہ'' لہٰذا انِمے تِم دوشوٚے أمس بٔرٕ وٕنہہ کنہِ تہٕ ؤنۍ ہَس پنٛنۍ زأری۔

گوسأنۍ وۆنُکھ ''مہ ہیٚوٚغم'' سُہ اوس گلہٕ بوٚن کُنٕے ترٛأوِتھ ''مہ بٔروغم، رٔٹوییم زٕ

اَنہٕ۔ اَکھ دِیوأ اَکِس زنانہِ تہٕ بیٚا کھ دِیوبیٚیس تہٕ ؤنیٚو کھ یہِ کھینہٕ خأطرٕ پَتہٕ زیوٚیُن دوشوٕنۍ اَکھا اَکھ نچُو۔

گوسأنس شُکر یہِ کرِتھ آے بادشاہ تہٕ وزیر واپس تہٕ تِمَو کر ہِندِس ؤنی متس پیٹھ گرٕ کھ عمل نو ربتھ تہٕ نو دوہہ گےٚ اداتہٕ یِمَن دوٚن زنانَن زاے زٕ نفیس گبر۔ محل خانس تہٕ وزیر ہِندِ گرِ شہرس منٛز تہٕ پوٗرِ مُلکس منٛز سپدی یِمَن لڑکن ہِندِس زینس پیٹھ شادیانہٕ! برہمنَن آے گرٕ نز روٗستے نذرانہٕ دِنہٕ، غریب اَسی پرٕ بتھ جایہِ کھیاونہٕ چاونہٕ یوان تہٕ سأری قیدی آے رہا کرنہٕ۔ یِتھ ہیوٗ وقتا اوسنہٕ زانہہ تہٕ اَتھ مُلکس منٛز امہِ برٕ ونہہ واقع سپُد مُت۔

یہِ زٕن عیان چھُ زِ یِمَن بڈٕ ہن گرٕن ہِندٕ ہن نونہالَن اوس ژھایَن تہٕ گرایَن وُچھنہٕ یوان۔ یِیلہِ تِم معصوٗم اَسی تِمَن آسہٕ واریٛہہ تجربہٕ کاردایہِ وُچھان داشان تہٕ یِیلہِ تِم ہیچھنس لایق سپدی تہٕ تِمَن آیے سیٹھے جان ووستاد تھاونہٕ۔ تِمَن ہر رنگہٕ مہارت واتناونہٕ خأطرٕ آیہِ نہٕ روپیَن یا کُنہِ قسمٕچ پَرگی تھاونہٕ تہٕ یِمَو سہولیژ و کنِی ہیوٗ چھ یِمَو واریٛہہ کینہہ یِتھ زِیم دوٛنوے عِلمس، فنس تہٕ وَلہٕ ویری منٛز طَیس پیٹھ وأتی۔

پَنہٕ نِین مالِین ہِندی پأٹھی رٕوٗز تِمَن تہِ پانہٕ وأنی سخت مالے تہٕ اکثر اَسی یکو وٹہٕ آسان۔ اکہِ دوہہ گےٚ تِم اَکِس جنگلس منٛز یکجا شکارس۔ تِم روٗدی گرٕ ہن پیٹھ کینژَن گانٹن دوان یوٚت تانی شہزادِ سخت تھوٗک تہٕ بیٛہِ لُجِس ترٛیش تہٕ ؤتھی گرو پیٹھہٕ بوٚن۔ گرِی گنٛڈِ کھ اَکِس کُلِس تہٕ شہزادِ بیوٗٹھ تِمَن لرِ یِیلہِ زٕن وزیر زادٕ آب ژھانٛڈنہِ دزٕ او۔ تِمَو کُر لَب جلدٕ ے اَکھ کول۔ شہزادٕ گوس مُشتھے تہٕ دزٕ او اَمیک آگرٕ نہٕ

کرنہٕ۔ سُہ پۄک اَکھ میلا ہیویوٚت تانٛ سُہ أ کِس لوکٹِس ناگس نِش ووت ییتہٕ أکِ اَکھ خوبصورت پٕری أکِس بٕڈِس ہہَس ستیٚ لَرتژ أ وِتھ ڈُ چھ۔ تٕمۍ وُ چھ زِ ہیہ اوس پٕری یہِ کھوژان۔ اَمہِ عجیب نظارٕ ستیٚ حأران سپدتھ پھیوٚر سُہ فورأ واپس تہٕ یوٚت تیز ڈٕ وِتھ ہیوٚک تہٕ تیوٚت گوو سُہ شہزادَس کُن تہٕ وَتہِ ژٕجن تَس خأطرٕ ثریشہِ ہناتہٕ۔

''ژٕ کتہِ اوسکھ ییٚتِس کالس؟ ژے کیٛاہ چھی یہِ گوٚمُت؟ کیٛاہ ڈٕلیل؟''

شہزادَن پرٛژھ وزیرزادس یِیلہِ سُہ اوروۄت۔

وزیرزادن وۄنُس ''نہ۔ کہنہٕ نہٕ۔''

مگر شہزادَن تہِ ژٕجس نہٕ تھپھ۔ ''مگر کیٛا ہتانٛ چھُ سپُد مُت ۔ مےٚ چھُ چانہِ بتھہِ تلہٕ باسان۔''

وزیرزادَن وۄنُس ''بابہِ ۔ مےٚ وُ چھ دُنیاہُک سارِوٕے کھوتہٕ حُسین مخلوٗق تہٕ تمِس لَرِ اوس اَکھ ہیہ یُس أمِس کھوژان اوس باسان۔ یوٚت اوس أمۍ سنٛدِ حُسنُک طاقت۔''

''بٕہ تہِ چھُسن یہِ زنانہٕ وُچھنۍ یژھان۔ پگہ مےٚ ستیٚ۔ مےٚ نہِ تَس نِش'' شہزادَن وۄنُس۔

وزیرزادَن موٗنُس تہٕ لہٰذا ادژاے تٕم دوٚشوٕے اور کُن تہٕ اَتہِ وُچھکھ ہیہ أمِس پٕری یہِ ہٕژِ کھونہِ مژ کَلہٕ تھأوِتھ شوٚنگتھ۔

وزیرزادَن وۄنُس ''مَہ کھوژ۔ پگہ أسۍ گژھواوٕ تٕے تہٕ ییٚتِس کالَس ہیہ ہندِ چھُ تیٚتِس مژانون أسۍ یہِ ژٕلِتھ۔''

تَم دۄشوَے گٔے اَمِس نکھہٕ تہٕ وزیرزادن ٹُل سہہ سُنٛد کلہٕ تھۄد تہٕ تھووُن یہٕ پتھِرس پیٹھ ییٚلہِ زَن شہزادن پٕرؠ یہٕ اَتھَس تھپھ کرِتہٕ ہَین سوٲتہٕ تُلتھ۔ وزیرزادس رٕژ اٲتی۔

ییٚلہِ سہہ ہُنٛد رِوۄتھ تہٕ اَتہِ وُچھن نہٕ وزیرزادس ورأے کہنٛہ تہٕ اُکۍ ووُن "پٔری کیاہ سپٕد؟"

وزیرزادن وۄنُس "سۄ نیہِ میأنی یارن۔"

"چأنۍ یارن؟" سہَن وۄنُس "سہ چھیا ژٕ یار تیٚمۍ ژٕ مَرنہٕ خأطرٕ گٔے زۄن ترٕ ووُکھ؟ سۄ پٕزؠ کنۍ چون دشمن قأتل چھُ۔ کہنٛہ پۄز دوست کرِنہٕ یہ۔ بوز مےٚ کُن یہ وَنے ژےٚ پزٕبن یارن ہُنٛز اَکھ دٔلیل:۔"

"دَپان یِم اَسۍ ترٕ یار، اَکھ اوس شہزادٕ، دۄیِم اوس برٛہمن تہٕ ترٕیِم اوس اَکھ چھان۔ ترٛشوٕنی اَسۍ خاص صفت۔ شہزادس اَس یہِ صلاحیت زِ سُہ اوس کانٛہہ تہٕ مُشکل تہٕ کرۄٹھ تنازعہٕ اَنٛزراوان۔ برٛہمن اوس موردس دُبارٕ زِنٛدٕ ہبکان کٔرتھ تہٕ چھان اوس ژندن لکرِ ژیُتھ مکانہٕ ہبکان بنأوتھ یُس مألکہِ سِنٛدس وَنس پیٹھ ہوریایور اوس گٔرِ ہتھ ہبکان۔

اکہِ دۄہہٕ ژھنٛکھ برٛہمن گرِ کیٚڑِتھ۔ تکیاز ژِمَس اَس مأیِس ماجہِ ستۍ کیاہتان مُژکری گٔمژ یِیمہِ کنۍ سہ تمو گرِ کیٚڑِتھ ژھُن۔ اَتھ مصیبت کس وَقتس منز ژھأنڈۍ تمۍ پنٛنہ یار تہٕ وۄننکھ سأرِم کینٛہہ تہٕ وۄننکھ مےٚ ستۍ یِیو اَکِس دۄر مُلکس۔ شہزادٕ تہٕ چھانَن دۄشوٕے مۄنُس لہذا دژ اَے تِم سأری یکو وٹے۔ تِم اَسۍ نہٕ وُنہٕ زیادٕ دۄر رۄأتی ہتۍ زِ

شہزادس پیو کمہِ تاںٔ وجہ کنٛز رُکُن ۔ وۄں گوو ہُم رۄ دی بۄ وۄنہہ گُن پکان ۔ رٔژھہِ کھنڈی دزٛ او شہزادِ وُژھہِ سانٛے یُتھ زِ سُہ ہُمن رَٹہِ ہے ۔ مگر بدقسمتی کنٛز لوٗگ سُہ بدل وَتہٕ تہٕ لٔبس نہٕ تم ۔ سُہ رۄ دیہِ وومید ہتھ بۄ وۄنہہ پکان زِ یُہ رَٹگھ تم ۔ سُہ اوس حاٗران زِ تم کیاز چھِ یوٗت تیز پکیٕ تی ۔ ہپاٗرکۍ اوس برٛہمن تہٕ چھان وارِ وارِ پکان تہٕ تم اٗسۍ حاٗران زِ شہزادِ کیاز رۄ د یَتھ یوٗت تاںٔ تَموٗ یہِ سوٗچھ تِم کیٛ سنز کیتھے ترٛاٗو زِ تَس آسہِ گریٚگ پھیوٗ رمُت تہٕ توے آسہِ واپس محل خانہٕ گوٗمُت ۔

پکان پکان ووت شہزادِ اکِس بڈِس مٲدانس منٛز ۔ یَتھ منٛز باگ اکھ بڈٕ بارٕ تہٕ عالیشان عمارت اٗس ۔ تِمۍ سوچ زِ بیٚیتہٕ کُس آسہِ روزان ۔ یقیناً آسہِ یہِ کانٛہہ اَسَن ووٲلے ۔ یُہ گژھہِ تہٕ کرِ معلوٗم ۔ مکانس منٛز اژی تھے دزٛایہِ تِمس اکھ سبٹھے خوبصورت زنانہٕ بُتھہِ سبٹھے حلیمی سان ووٗنُس تَمہِ ''اژاندر'' تہٕ اٗتھۍ ستۍ لوگُن وَدُن ۔

اٗمۍ پرٛژھُس ''ژٕ کیاز چھکھ وَدان؟

تمہِ ووٗنُس ''تِکیاز چانہِ جواٗنی تہٕ حُسنہٕ کنٛز چھُ مےٚ چون سخت پھیران ۔ پننہِ اَن زاٗنی کنٛز گوکھ ژٕ موتہٕ کہِ درواز اژِتھ ۔ واے! ژےٚ کیاز کوٚرتھ نہٕ گوڈٕ یتھ سفرس نیرنہٕ بروٗنٛہہ معلوٗم؟ ژےٚ اوسےٚ ناپتاہ زِ بیٚیتہٕ چھُ راکھشس بسان تیٚمۍ اٗندۍ پکھ میلہٕ وادن تاںٔ پرٛ یتھ کانٛہہ آدم زاد کھیتھ چھُ نمُت ۔ افسوٗس! افسوٗس! یُہ کیاہ وَنے ژےٚ! مےٚ چھُ خوف زِ ژےٚ تہٕ ژھنی سُہ کھیتھ ۔''

شہزادَن ووٗنُس ''نہ ۔ نہ ۔ یوٗت مایوٗسی سان مَہ وَن ۔ مہربٲنی کرِتھ وَن مےٚ کیاہ پزِ کرُن یُتھ یُہ بچِتھ ہیکہٕ ۔''

"مگر مےٚ چھُنہٕ پزٕ پأٹھۍ یہِ پَے زِ کیٛاہ پزٕ پننہِ بچنہٕ خأطرٕ کرُن" زنانہِ وۄنُس تہٕ گأس وَدَن ہکھ۔ اۤخرتہٕ نیوٗسہ تمہِ مکانس پتہٕ کنۍ اکِس کمرس منٛز تہٕ تھوو اَکھ یہِ تتہِ اکِس صندوقس منٛز بنٛد۔

"روز وۄنۍ ژھوپہٕ کٔرِتھ یِتی یوت تانۍ بہٕ واپس یِمے۔ پرمیشورٕ چھےٚ تمہِ وۄنُس۔

راتھ کیٛتھ آو راکھشس واپس۔ مُشک ییٚز آسنہٕ کنۍ تۄر تَس فِکرِ زِ یتہٕ چھ بیٛاکھ اِنسانا تہِ۔ "ژےٚ ورأے چھُ یِتہٕ بیٛاکھ تہِ۔ یہِ کُس چھُ؟ مےٚ وَن وُلی وُلی سےٚ چھےٚ بوٗچھہٕ لٔجمٕژ" تمۍ وۄن۔

زنانہِ وۄنُس درجواب "مےٚ باسان ژٕ چھکھ نہٕ اَز ٹھیک۔ یوت کُس یہ ہے؟ ژےٚ کتھہٕ پأٹھۍ چھےٚ باسان زِ یوت یِنَس کیٛاہ کٔرِ کانٛہہ جرات۔ یِیتیک ہےٚ پۄرٕ دُنیاہَس منٛز پرٕ بتھ اکِس اَہر ہتھ۔"

یہِ بۄزِتھ بیوٗٹھ راکھشس لوتے تہٕ زنانہِ ییلہِ پننہِ کتھہِ تأثیر زون تس گٔیہ ہمت تہٕ لوگُن امس ستی گنٛدُن تہٕ باقے کتھو علاوٕ پرٕ ژھنس زِ چانہِ زندگیہ ہنٛد راز کیٛا چھُ۔ تمہِ وۄنُس "ژٕ چھکھ مےٚ پرٕ بتھ دوہہ یِیتی ترٕ اوِتھ نیران تہٕ ییلہِ ژٕ نیران چھکھ مےٚ چھُنہٕ یہِ پتہٕ آسان زِ ژٕ کر پھیرکھ واپس۔ مےٚ چھُ منٛزی وہمہٕ گژھان زِ خبر ژٕ یکھ تہٕ بیہِ واپس۔ پتہٕ چھس سوچان۔ بہٕ کیٛاہ کرٕ؟ بہٕ کۄت گژھہٕ؟ لۄکھ چھِ مےٚ چانہِ موٗجب نفرت کران۔ تِم ہیٚن تہٕ مارن مےٚ۔ مےٚ وَن تہٕ زِ مےٚ ماچھُ کانٛہہ خطرٕ۔"

راکھشن وۄنُس "میٛانۍ ٹأٹھۍ۔ مہ وَد۔ بہٕ مرٕ نہٕ زِ ہے۔ ماسوا یہ ییلہِ ژٕ

ژیٛون پیٚہ پھٕٹراونہٕ۔ تٔمۍ ہوو أکس بٔڈس ژیٖنس کُن یُس اَمہِ عمارٕژ ہٕنٛدِس بٕژوٹھ مِس ورنٛڈاہَس تلہٕ اوس۔ مگر یہِ کَس چھُ پتاہ تہٕ سُہ کَریہِ۔ توٚے مَرِنہٕ بہٕ۔"

پگہہ کیٚتھ دژاو دوہہ شکیٛ پأٹھی راکھشس ضُحأے تہٕ یام سُہ نظرو ڈوٗل تہٕ زنانہٕ گیہِ سیٚوٗ دُے تہٕ ترٛ ووٗن شہزادٕ یلہٕ تہٕ تَس ووٗنُن تہٕ سأٮٔلم پیٚہ راتس تمہِ بوٗز۔ شہزادٕ گو ویٚہ سأٮٔلم بوٗ زِتھ سیٚٹھاہ خوش تہٕ ووٗنُن "تیلہِ چھُ یہوے وقت۔ بہٕ ژھٔنُن وٕلی وٕلی یہِ ژیٛون لُہر أوِتھ تہٕ أمِس بلایہِ نشہِ کرن یہِ علاقہٕ آزاد، یِی ونان لٔگ گرأمی أتھ ژیٖنس پوٚلِس پَتھ دَب وائنی یوٚت تانی اَتھ واریٛہہ چھلہٕ گیہِ تہٕ زنتہٕ یہِ پزٕ بتھ کانٛہہ دَب، رکھشس اوس وَسان۔ تِکیٛاز تِس آسہٕ کربکہٕ ژلان نیرِتھ تہٕ شہزادٕ یلہِ اَتھ دب اوس ترٛاوان تٔمِس اوس اکہٕ اکہٕ گرٛھان۔ أخرس یلہِ ژیٛون پٔتھر پیوٚ تہٕ أتھی سٟتی پیوٚ راکھشس تہٕ تہٕ ژوٗلس زوٗنِرتھ۔

شہزادٕ بیوٗٹھ أمِس خوبصورت زنانہٕ سٟتی اَتھ شاندار مکانس منٛز تہٕ لوٗکھ آے کھیٚچو کھیٚچو راکھشس مارنہٕ خأطرٕ أمِس مبارکس۔ اَمہِ پتہٕ روٗد اَتھ علاقس منٛز اَمَن تہٕ خوشحألی۔ أنٛدی پکی زمین آیہِ دُبارٕ آباد کرنہٕ۔ گام آے دُبارٕ بساونہٕ تہٕ فضہس منٛز پھألیاے دُبارٕ خوٚشی تہٕ پایرٕ جأیی ہنٛدی نغمہٕ۔ مگر پزٕ خوٚشی ماچھےٚ لنٛد ہیٚتھے ہمیشہِ خأطرٕ پوشان!۔

اکہِ دوہہٕ اُس یہِ زنانہٕ امہِ مکانہٕ چہِ دارٕ پیٹھ مستس کنگو والان تہٕ أتھی منٛز ووٗتھ اَکھ کاوُ پھِٕ تہٕ نیوٗنس سُہ کنگوٗ یُس تمہِ دارِ داَسس پیٹھ اوس تھووُمت۔ أمی ژانتووِیہِ سیٚٹھاہ دوٗر سمندرس تانی تہٕ ترٛ ووٗن أتی۔ اَتہٕ ننگلو ویہِ اکہٕ بچہٕ گاڈِیوسہٕ أکی

گاڑ ہانژن رٕٹ۔ گاڈ اصل آسنہٕ کِنۍ آیہِ یہِ محل خانہٕ ننہٕ یُتھ بادشاہس خاطرٕ تیار یِیہِ
ہے کرنہٕ۔ گاڑ شیرنہٕ وِزِلوٚ بُکھ اَتہِ کنگو۔ وازٕس باسیاو یہِ عجیبے تہٕ ہوٗون یہِ بادشاہس۔
بادشاہَن ییٚلہِ یہِ کنگو وُچھ تمۍ ہاو زبردست خاہش زِ یہٕ وُچھہن اَمیک گوڈنیک
مأِلک۔ تمۍ سوٗزی پرٛتھ طرفہٕ پنٕنۍ خبری یُتھ اُمِس زنانہِ لبتھ اَنہٕ ہَن تہٕ تمۍ کوٚر یہِ وعدٕ زِ
یُس شخص اُمِس زنانہِ مے نِشہِ اَنہِ تَس بخشہِ یہٕ اَکھ سبٹھا ہوٚڈ انعامہٕ۔

کینہہ کالا گژھتھ لُبھ اَکھ زنانہٕ ییمہِ یہِ کنگو پرٕزنو وتہٕ تمہِ کوٚر یہِ وعدٕ زِ تِتھے
تَس ممکن سَپدِ سو کرناوِ امہِ کنگوچہِ مأِلکہِ بادشاہس سِتۍ ملاقات۔ سو گیہِ شاہزادٕ سنٛز
آشنہِ نِشہ تہٕ فورٕنے لوٚگُن تس نقلی خوشامد کرٕن زَن سو تسنٛزٕ ے اُس۔ اَمہِ کِنۍ ووٗن تَس
اَمہِ زِ وولہٕ ژٕ ییٚہہ مے سِتۍ میانہِ گرِ تہٕ اَمہِ تہِ موٗن۔ ییٚلہِ تمِس باسیاو زِ یوٚت تانی شہزادٕ
زِنٛدٕ چھُ توٚت تانی سپدِ نہٕ سو پننہِ نِس مقصدس منٛز کامیاب توٚے دیُت تمہِ شاہزادس
زہر تہٕ حکیمس دِتُن رُشوت زِ سُہ وَنہِ یہِ موٗد پانے۔ سُہ ییٚلہِ گُزریاو اُمۍ سنٛز آشنہِ سپُد
انتہأیی دوکھ! لُکو زون زِ یِتہِ مرِ اُتھی سِتۍ۔ تمہِ ترٛاونہٕ اُمۍ سنٛز لاش بلکہِ تھاوناوُن یہِ
اَکِس مضبوٗط صندوقس منٛز تہٕ تھوٗون یہِ پننہِ نِس ذأتی کمرس منٛز۔ تمہِ اوس اکثر
کھاندارٕ سنٛدِ بن دوٗن دوسٕتَن متلق بوٗزمُت زِ تمہِ کیاہ اُسۍ گرِتھ ہبکان۔ سو اُس
وومید کران زِ سو وُچھہِ تمَن کُنہِ دوہہٕ تہٕ کرناوِ پننہِ نِس خانہٕ دارس دُبارٕ زِنٛدٕ۔

پننہِ گوڈنچہِ فُرصتہٕ منٛز لٔج سو بد خصلت مٔژم یارِنی اُمِس پتہٕ زِ سو ہیٚرن اَمہِ گرٕ
منٛز ییٚتہٕ تَس یُتھ بناوتھ آوتہٕ اَتہِ ہیٚرتھ روٗزِن سو کینژٕس کالس اُمۍ سنٛدے گرِ اُمِس
سِتۍ۔ اَمہِ موٗن یہِ۔ تِتھے اَمہِ یہِ گرِ واتناوتہٕ سوٗزِن بادشاہس نِشہِ نفرتہٕ لوٚت پاٹھی

دِتُن تَس اطلاع زِٕ بہٕ سپزِٕ س کامیاب۔ امہِ پتہٕ آو بادشاہ تہٕ نِین یہِ زنانہٕ جمرَن پَنہٕ نِس محل خانس منٛز تہٕ وۄنُن تَس ژٕ روزِ مے ٚ ستی مینٛز زنانہٕ بٔنتھ۔ تمہِ وۄنُس اَدِ کیٛاہ۔ مگر کھاندر گرٛ ھہِ شیٖیہِ رٚتی پیَتے سَپدُن تِکیٛا زِ أمِس چھُ پٔننی مذہبی وَتہٕ ہاوِ کرِ یی کرنہٕ خأطرٕ وۄنمُت۔ بادشاہ گوو أمِ ہِنٛدِ لولہٕ کہِ خیالہٕ سیٹھاہ خوش تہٕ رۄد بے تأبی سان اَتھ دۄہَس پرٛاران۔ تٔمۍ بناونو وسرٛ کہِ پیٹھ خاص أمِ ہِنٛدَ ے خأطرٕ اَکھ لوٗکُٹ محل خانہٕ تہٕ أمِس دِتُن اَتہِ کُنے زنہِ روزنُک اجازت۔ اَتھ دوران اُس یہِ زنانہٕ منٛگہٕ منٛگ کران تہٕ پَنہٕ نِس گُذریمٕتِس خانہٕ دار ہِنٛدِ بن دوستَن متعلق کانٛہہ شیٖچھا خبرا بوزِٕ نی یژھان۔ سو اُس پرٛ ہتھ طرفہٕ معلوٗم کران تہٕ پرٛ ہتھ دۄہہٕ اُس دارِ پیٹھ نظرِ روزان زِ بٔلۍ گَن تہِ تم لیأرکۍ نیرَن۔

اکہِ دۄہہٕ وُچھ تمہِ زٕ نفر یکجا اَتھ مکانَس کُنے یِوان۔ ’’تۄہۍ کم چھِوتہٕ کتہٕ پیٹھ چھِو آمٕتۍ‘‘، تمہِ پرٛ ژھُکھ۔

تِمو وۄنہَس ’’أسۍ چھِ وَتہٕ گتھ تہٕ سیٹھاہ سفر کٔڈِتھ چھِ یور وأتی مٕتۍ۔ اَسہِ چھُ پٔنُن شہزادِ تہٕ دوست رووُمُت تہٕ سُے چھِن پرٛ ہتھ لنٛدِ ژھانڈان‘‘۔

تمہِ وۄنُکھ ’’أژِ و لنٛد رتہٕ رَژھ کھنٛڈ کٔڈِ وتھٕ کھ۔ لنٛد ر أژِ وتہٕ مے ٚ ڈٕنو تَس دوستَس متعلق بییہِ تہِ کینٛہہ یُس تۄہہِ رووُمُت چھُو۔ بنان چھُ زٕ بہٕ ماہسکو تۄہہِ سُہ لبنس منٛز کینٛہہ مدد کٔرِ تھ‘‘۔

تِمو وۄنُس ’’اَسہِ ہاوتَن زِ شہزادِ کتہِ چھُ تہٕ أسۍ سپدَ و شادمان، اَمہِ کنٛی ژاے تم محل خانس منٛز تہٕ أمِس زنانہٕ نِشہِ بہتھ وۄنۍ ہَس پٔننی سأرِ ے ڈٔلیل۔

"اٲصل ۔ اٲصل" تمہِ وۄن خوٗشی سان، "بہٕ ہیکہٕ تۄہہِ وٕنِتھ زِ تٔہنٛدِس یارس سٟتۍ کیٛاہ سپُد مگر افسوٗس! سُہ چھُ گزریامُت۔"

برٛہمنن وۄنُس "تمیُک چھُنہٕ کانٛہہ پرواے۔ بہٕ ہیکَن سُہ دُبارٕ زِنٛدٕ کٔرِتھ۔ شُکر تہٕ لچھ لچھ شُکر زِ اسۍ وٲتۍ یَتھ جایہ! پرمیشورٕ کری نے رُت تہٕ منس منٛز یِہ کانٛہہ چھکھ تہٕ سپدِ نے پوٗرٕ! اَسہِ ہاوتَن وۄنۍ پَنٕنِس دوستہٕ سٕنٛز کاے دُبارٕ۔"

تمہِ وۄنُکھ "مگر ٹھٔہرِو، اَسہِ پییہِ سأیلم کینٛہہ سبٹھاہ حبہٕ سان کرُن۔ یِمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہَس چھُ میوٗن سخت محبت۔ مےٚ چھےٚ تَس پانٕنہِ ضمانت دِژمٕژ۔ تَس ووت میٲنِس ونِس پیٹھ وۄنۍ کھاندرس خاطرٕ اکھ پَلہٕ شےٚ ربتھ پژاران تہٕ وۄنۍ ہیوٚتن سُہ دوہہ نَکھہٕ واتُن ییلہِ تَس بہٕ نٕنۍ چھُس۔ اَسہِ پَزِ حبہٕ روزُن تہٕ کیٛازِ بادشاہَن چھِ نے اٴنٛدرٕ پکٕ پٔنٕنۍ مُلازِم تھاوی یِمہٕ تِمَس تَتھ متعلق سأیلم کینٛہہ اطلاع چھِ دِوان یِہ ییٚتہٕ سپدان چھُ۔ اَتھ چھُنہٕ کہنٛہہ تہٕ شک زِ تَس آسہِ تٔہنٛدِ ییٚتہٕ آسنُک اطلاع دِنہٕ آمُت۔ اٴز کِتھہٕ کٔنۍ ہیکوٚ ژٕلِتھ؟"

"محترمہ۔ ژٕ مَہ کھوژ، چھانَن وۄنُس۔ ہرگاہ ژٕ مےٚ کینٛہہ ژنٛدَن لُکرٕ اٴنِتھ دِکھ بہٕ بناوٕ چانہِ خاطرٕ تیٚتھ مکانٕہ یُس مأیلکہٕ سٕنٛز مرضیہِ پیٹھ اورٕ یورٕ جایہِ جایہ ہیکہٕ گژھِتھ۔"

"سبٹھاہ جان" زنانہِ وۄنُس "بہٕ کٔریہ ژےٚ رٕکژھ حاصل کرنٕچ کوٗشش۔"

اَمہِ ساعتہٕ آو اکھ خبری بادشاہٕ سٕنٛدِس محل خانس کُن یِیمہِ عنوانہٕ اکھ چِٹھ ہتھ روانہٕ کرنہٕ "بادشاہ سلامت۔ مےٚ چھُ ژےٚ سٟتۍ گنٛڈِتھ تہٕ سانہِ کھاندرُک تأریٖخ

ہیوٚتُن واتُن ۔ژٕنے چھی میوٚن درخاس مہربأنی کٔرِتھ سوزتہٕ مےٚ تژٕنےٚ ہتھ مَن ژٕندن لٔکر، بادشاہَن کرٲمی وِزِٲے سٕنٛز یہِ خاہِش پوٗر ۔ییٚلہِ وۄنی مکانہٕ تیار سَپُد اَمہِ زنانہِ سوٗز بادشاہَس یِمہِ مضموٗنٕکی بیاکھ چِٹھی۔ "اے رِتہِ تہٕ مہربان بادشاہ! وۄنی وۄت سون کھاندرُک دوہ۔ ژٕ کرتہٕ مہربأنی تہٕ یہِ چھی میوٚن درخاس زِ ژٕ دِتہٕ میانہِ زأم تہٕ بأے کاکنہِ کانٛہہ ژیرلأگنہٕ ورأے مےٚ نِش یِنک اجازت۔مےٚ چھُ کینٛژن معاملَن منٛز تہنٛدِ مشوٗرُک ضرورَتھ" بادشاہَن کر یہِ عرضی تہٕ پوٗر۔

تتھٕے یِم زَنہِ ژٕندن لٔکرِ ہِنٛدِس گرٕس منٛز واتِھ ییٚتہِ یہِ زنانہٕ تہٕ تِسٛندی دوس یِمَن پژاران أسی تہٕ چھاٹَن کوٚ راتھ مکانس حُکم زِ اَسہِ واتناورا کھشَس ہِنٛدِس محلس نِش ییٚتہٕ تِم شہزادَس لبہٕ ہَن تہٕ پتہٕ اَتہِ تفریحا کرہَن تہٕ بادشاہ ہِنٛدِ پزٕ بتھ حملہٕ نِشہِ محفوٗظ روزٕہَن ۔أتھی ہِنٛتی دژاو مکانہٕ تہٕ تِتھہٕ کٕنی لوٚت پأٹھی زِ ہُمَن زنانَن تو رنہٕ فِکری زِ کیاہ چھُ سپدان ۔تِمہٕ آسہٕ اَکھأ رکس ہِنٛتی کتھاباتھا کران تہٕ اَمہِ مکانٕکی تعریف کران ییٚلہِ تِمو اچانک پُٹَن پان موٗمتس راکھشَس ہِنٛدِس خوٗبصورت محل خانس نِش وُچھان ڈیوٗڈھ ۔اَتہِ آیہِ برٛہمنس شہزادٕ سٕنٛز لاش ہاونہٕ ییٚتہِ أمی اَتھ چھُھ کٔرِتھ یہِ واپس زِنٛدٕ کر۔

وۄنی أس صرف خوٚشی تہٕ شادمأنی۔شہزادَس آو باقاعدٕ پأٹھی أمس مأرِ منٛزِ زنانہِ ہِنٛتی کھاندر کرنہٕ یَس متعلق یہِ معلوٗم سَپُد زِ سو أس تِمہِ زمانہٕ سارِوٕے کھوتہٕ طاقتور بادشاہ سٕنٛز کوٗرتہٕ تِمی ہِنٛدبن دوٚن دوستَن یعنی برٛہمَن تہٕ چھانس آو أمی سٕنٛزِ زأم تہٕ بأے کاکنہِ ہِنٛتی کھاندر کرنہٕ۔ پتہٕ روٗدی تِم خوٚشی سان پننہِ پوٗر وأنسہِ راکھشَس ہِنٛدِس محلس منٛز یکوٹہٕ۔

"اے وزیرزادِ! یہِ ذٔلیل ؤنتھ موکلاوِتھ وۄن ہٲہن "دۄتھی لۄکھ یعنے براہمن تہٕ چھانس ہوۍ گے دوست۔ ژٕ مہ وَن شہزادِ سُنڈ یُس پانس پری ہیتھ گودتہٕ ترٛ وونگھ ژٕ مہ وَن سہٕ گوودوس۔ وۄنۍ گوو ژٕ مَرکھنہٕ بہٕ واتناوَے نہٕ ژٕےٚ کانٛہہ آزار۔ نیر گرٛشہ پٔنٕن گرِ تہٕ روزوارٕ کارٕ۔"

(راوی: بِشو بابیو۔ رٕنی وور، سرینگر)



# ترٛےٚ أنٛز

''ہے نارایَنہٕ، کرتم دَیا، سوزتم ہَتھ روپیہِ تہٕ تِمو منٛز دِمہٕ بٕہ چانہِ ناوٕ داہ روپیہِ غریبَن''

اکِہ دوہہٕ کوٚرأکی غریب برٛہمَن بازرٕ منٛزی پکان پکان دُعا، سُہ اوس پریشان زِ ازکتہِ اَنہِ کھیٚن چَن۔ نارایٔنس آیہِ أمِس پیٹھ دَیاتہٕ گوس یہِ دُعابوٗزِتھ۔ برٛہمنس میچہِ امی وِزِیمہٕ روپیہِ۔ اَمہِ منٛزٕ تھوٚوأمی اَکھ حِصہٕ أکِس اَتھَس منٛز غریبَن بأگرنہٕ خأطرٕ تیار بہ تیارتہٕ باقےٚ ہَن تھأو أمی بیٚیس اَتھَس منٛز دَجہِ منٛز گنٛڈِتھ۔ أتھی منٛز پیوٚتس اَکھ اوٚن بچھوٗن بُتھہِ تہٕ أمی دِژٕ أمِس داہ روپیہِ یہِ زَن أمی دُعاہَس منٛز موٚنگمُت اوس۔

پرٛتھ ہش دریادلی وُچھِتھ گو وِیہِ اوٚن حأران تہٕ پرٛژھُن ''ژےٚ کیازِ دِژ تھ مےٚ یمہٕ روپیہِ؟''

برٛہمَن دِتُس جواب ''نارایَن سوزٕ مےٚ وُنی یتھ شرطس پیٹھ ہَتھ روپیہِ زِ بٕہ دِمہٕ یِمو منٛزٕ داہ روپیہِ تَسندِ ناوٕ کأنٛسہِ غریبَس۔''

أنٕی وۄنُس ''یٲری کٔری نَے۔ تلہٕ سامٕہ ہاوسارے روپیہِ مےٚ چھُنہٕ پنٕنہٕ پۄٚرٕ وٲنٕسہِ زانٕہہ تہِ ہَتھ روپیہِ یکجاوٕ چھمٕژ۔ ئہ وُچھہا اَز۔''

برہمنَس گووٕنہٕ کانٕہہ تہِ شکھاتہٕ فورَن تھٲوِن دَجہِ ہنٕ بچھوٕنس اَتھَس منٛز۔ بیقل! ژٕ کہِ اوس سے چورُے زِیہ کوٚرُن۔ بلکل تہِ دۄپ اَمے وِزِ أنٕی زِیمہٕ سارے روپیہِ پھٹے میانہِ تہٕ یِیلہِ یوٚرٕ برہمنَن اعتراض کوٚرُس تہٕ دِژٕن دَجہِ تھپھ ہُمی تٕج پۄٚرٕ طاقتہٕ سان کرِکھ ''ہے بایو مےٚ بچٲوِو۔ مے کٔرِو مدد۔ یہِ چھُ ژۄرتہٕ تہِ سائلم چھُ نٕین یژھان یہِ مےٚ چھُ۔ ہے لۄکو۔ یہِ رٔٹیوٚن !مےٚ چھُنہٕ پانَس تیوٚت طاقت زِ ئہ ہٮ۪کَن یہِ رٔٹِتھ۔'' تمو دِژٕ س سارِوے کرِکھ ''أمی کیٛاہ کوٚر؟''

تمی وۄنُکھ تورٕ ''أمی نیہِ مےٚ روپیہِ۔ وُچھواُمِس چھَو یمہٕ اَتھہٕ ہے منٛز۔ یم چھِ کُل نمتھ روپیہِ۔ وُچھتو تہٕ گٕنزراٲوِی تو تہٕ اِدِ وُچھتو ئہ ماچھُس اَپزٕ ونان۔''

لۄکو رۄٹ یہِ برہمَن تہٕ گٕنزراٲوِکھ یمہٕ روپیہِ تہٕ وُچھکھ زِ یمہٕ آسہٕ برابر تیژاہ یہِ زَن اۄن ونان اوس۔ قدرتی کٔر تمو أمی سُنٛز کتھہِ پژھ تہٕ دِژہَس یمہٕ روپیہِ۔ برہمَن کٔریاوٕپنٕنی کٔنی سخت احتجاج مگر تسُنٛد بوٛزُھ نہٕ کانٕسے۔ تمی سُنٛز ذٔلیل باسے یہِ تمن اپزٕ ے تھُر ہِژ۔ لہٰذا دژ اوسُہ اَتہ، تہٕ یوٚت پُلِس تیوٚت تیز گوو سُہ گٔرِ گُن پکان۔

''ژٕ کوتاہ بیقل چھکھ زِ ژٕے ہاوِتھ أمِس یمہٕ روپیہِ'' یہِ وۄنُس زنانہِ ییٚلہِ تمہٕ بۄزِ زِ تَس ستی کیٛاہ اوس سپُدمُت۔ ''ژٕے چھی ناوٕنیٖس تانی تہٕ یہِ فِکرِ توٚ رمُت زِ یِم أنٕی کِتیٛاہ عیارٕ چھِ آسان؟ نیر گژھ وۄنی أمِس نفرس پتے تہٕ روٚزُس گوٚس زِیہ گتہِ تھاوِ یمہٕ روپیہِ۔'' برہمَن لۄب ۂلی ۂلی یہِ اۄن بچھہِ وُن۔ سُہ اوس وارِ وارِ أکِس مسجدِ گُن

پکان تہٕ اور وأتتھ ژاوسہ اندر رتہٕ بیوٗٹھ پتھر۔ ''ییٚتہٕ چھُنہٕ کانٛہہ'' تٔمۍ وۄن دمادِتھ یہِ پانسے ستۍ۔ وۄں گووپۄر یقین کرنہٕ خاطرٕ سورٕ تٔمۍ اَتہِ سأرۍ ہے پَنہٕ لورِستۍ'' آ۔ ییٚتہٕ چھُنہٕ کانٛہہ، یہِ جاے چھےٚ خأىلی تہٕ بٔہ چھُس بلکُل محفوٗظ'' تٔمۍ وۄن۔ پتہٕ گووسہ مسجدِ ہِندِس أکِس کوٗنس کُن تہٕ ڈأجِن اَتھ میٚژ أنٛٹاہش تہٕ تھووٗن یہِ ہتھ روپیہِ أکِس کترِ بانس منٛز یُس أمۍ اَتہِ ژۄرِاوس تھوومُت ''شُکر خدایس کُن'' تٔمۍ وۄن خوٚشی سان ''مےٚ اوس اَزصُبحس صرِف اَکھ ساس روپیہِ مگر وۄنۍ چھِ مےٚ کاہ شَتھ، خدایس کُن شکر تہٕ ثنا!''

برہمَن ییٚلہِ یمہِ گَتھہٕ بوزِ سہ گووخوش۔ تتھےٚ نیٚچھوٗن مسجدِ منٛز نبر دژاوسہ ژاو اندر تہٕ فورأنیوٗن اَتہِ سہ کتر یور روپیہِ بانے تہٕ واتنووٗن گرٕ۔ اور وأتتھ کُرِس زنانہ، تعریف تہٕ وۄننس ''نیر گرٕ شہ ژٕ وۄنۍ بیٚہہ تہٕ وُچھ زِیہِ اوٗن کیٛاہ گرٕ۔ پَنہٕ نٔمن ہوشن منٛز رۄزی زِ۔''

برہمن گوو۔ پۄرٕ دوٚہس رۄدسہ أمِس نیٚچھِ وِنس پتہٕ پتےٚ پکان یوٚت تانٛ سہ بیٚیہِ وۄنۍ مسجدِ منٛز ووت تہٕ یوٚت یہِ نفر دوہدِ شکی پأٹھی پٔنٕنۍ کینٛہہ پنسہٕ تھاونہِ اوس گوٚمُت یِم أمِس دوٚہس سیٚمٕتۍ أسی۔

ییٚلہِ أمۍ أنٛزِ یہِ وُچھ زِ کترِ بانہٕ تہٕ اَتھ منٛز موٗجوٗد تٔسنٛد خزانہٕ چھُ گُمٕ تانٛ ہُمت تہٕ تٔمِس سپُد سخت دوکھ۔ تٔمۍ ژۄٹ وَچھ تہٕ دِتن بُتھہِ بُتھہِ تہٕ تیٛوٚت ہےٚ ٹُلن زِملہٕ ژاویہِ وُچھنہٕ خأطرٕ اندر رزِ ذلیل کیٛاہ چھےٚ۔ یہِ مَلہٕ تہٕ اوس اوٚنےٚ تہٕ بڈٕ نبٹھہٕ۔

''ژٕ کیٛاہ یہِ کران؟'' تٔمۍ پرٛژھُس ''ہمسایہِ تہٕ چھِہکھ پریشان کران تہٕ ییٚتھ

جایہِ پاکس تہٕ چھُکھ توہین کران" نیر گژھ ییٚتہِ دفا۔ ژٕ اَنگھ اَسہِ سارنٕے مسجدِ سان زوال۔ نیر ییٚتہِ پھٹاپھٕٹ نتہٕ اَنٕے بٕہ لُکھ تہٕ پتہٕ تارنٕے تم فِکرِ۔"

بیٚچھہِ وِنی دِژٕس اورٕ کربکھ "ہتہٕ حَض جناب۔ مےٚ یہِ کینژھا اوس تہٕ حَض چھُہم ژُٕ رِنمُت۔ کُس تانٕی ژور حَض چھُ یور آمُت تہٕ میٲنی سأری پنسہٕ چھِن ہٕتی بٕہ کیٛاہ کرٕ؟ کیٛاہ حَض کرٕ؟"

"ژٕ چھُکھ نیٚولُے بیقل"، مَلَن وٕنُس "کریہِ شور بند تہٕ بٕ وٕنہہ کُن خاطرٕ روز ہیٚچھتھ۔ یہِ چھا کُنہِ بُ زمُت زِ کاژہہ نفر کیٛاہ تھاوِ کاہ شتھ روپیہ اَ کس گترٕ ژٕ دِس تٕژھِہ جایہِ یا وَنو مسجدِ منٛز ژُٕ رِیوٚت دِۂی دٕہس سارنٕے ہُنٛد یُن گژھُن چھُ آسان۔ ہرگا ژےٚ تہِ تی آسہِ ہتھ کوٚ رمُت یہِ مےٚ چھُ کوٚ رمُت یہِ سَپدِ ہے نہٕ زانٛہہ ژٕ نے ٕستی۔"

غریب بیٚچھوٕنی وٕنُس "ژےٚ کیٛاہ چھُتھ کوٚ رمُت؟"

'بوز یور کُن' وٕنُس اَمی مَلَن "مےٚ چھےٚ اَکھ بٔڈ کھوٕکھر لٕو ریتھ منٛز بٕہ ہٕز سأری پنسہٕ چھِس تھاوان۔ یہِ لور چھےٚ مےٚ ہر ساعتہٕ ستی روزان۔ وُچھ۔ یِکیٛاہ چھےٚ یہ تہٕ اَمی لأج یہِ بیٚچھ وِنی ہنٛدِس کھورس ستی۔ نیر تہٕ گژھ اَن پانس رٕکژھ ییٚژھے لٕو رتہٕ پتہٕ رٕوٚ زی نہٕ ژےٚ پَنہٕ نِمن پٔنسن ہنٛدِ (راونُک) کانٛہہ خوف۔" یہِ بُوٚزِتھ رٕوٚ دٕ ہٕ ہمن پٕو رحبہٕ سان اَمِس اَنِس مَلَس اَمی ہٕنٛزٕ روپیہ تہٕ حاصِل کرِنچہٕ وومیز منٛز گوس۔ اَمی اَنی اَکھ بٔڈ کھوٕکھر لٕو راژٕ نتھ۔ اکہِ پَلہٕ ترٛٲوِتھ ییٚژھ مَلَس اُس تہٕ تتھےٚ اَمِس موقعہٕ اَمی بدلٲوٕ اَمِس لٕورٕ ے۔ مَلہٕ اوس ہمیشہِ لٕو رتمہِ ساتہٕ زمینس منٛز رٕوٚ نتھ تھاوان یلہٕ

سہ نماز اوس پران۔ تہٕ سہٕ اوس بار بار نماز پرأنی لہذا پوٚنہٕ برہمنس تہٕ امہٕ خاطرٕ زیادٕ وقس پرارٕن۔ أمی سٕتھرٕ زنانہٕ ییلہٕ یہٕ بوٗزٕ أمی کیٛاہ اوس ووٗنی کوٚرمُت تہٕ بییہٕ وُچھن تمہٕ روپیہٕ بودرییمہٕ أمی پانس آسہٕ انہٕ مژٕ تہٕ گرٕ نس تعریف۔ گوٚڈٕ ژٕ بییہٕ "تمہٕ ووٗنس "تہٕ وُچھ یہٕ ملہٕ کیٛاہ گرِ"۔ ٹھکُکنن تہٕ ژٕ ے بییہٕ تہٕ کانہہ خزانہٕ اتھہٕ لگی۔

برہمنَن کوٚر یی تہٕ تمی وُچھ یہٕ بڈٕ ملہٕ بیٚیس أنس ملس نش یتھ تہٕ پنہٕ نس اَتھ بڈس نقصانس پیٹھ لہر ودان۔

أمی أنی ملَن ووٗنس "ژٕ ے دِوٗتھ وٕنۍ۔ امہٕ بیوقوفی خاطرٕ۔ بوزبہٕ وَنے زِ بہٕ کیٛاہ چھس پنہٕ نین روپین کران۔ بہٕ چھس پنٕنہٕ سارے روپیہٕ پنہٕ نین یلون منز سُوتھ تھاوان۔ سہٕ کُس ہیکہٕ ییمن رٕنتھ؟ میأنی چھےٚ نصیحت زِ ژٕ تہٕ أسی زِ یی کران۔"

ییلہٕ برہمنَن ییمہٕ کتھہٕ بوزٕ تہٕ سہٕ گو وتہٕ اوٗنن تُلر بوسان اَکھ مانچھ تُلر بن ہُنٛد مہال تہٕ یہٕ تھووٗن أکس بڈس مرتبانس ژٕ کس تل تہٕ پیٹھہٕ تژ ووٗنس مانچھک موٗٹ پوٚٹ۔ "اَہا۔ ہا! ییمہٕ ٕتی کیٛاہ کھوژِ سہٕ۔" تمی ووٗن یام سہٕ مُسلمان لأ۔ گتھ أمس دوٗ یمس ملہٕ سُندٕ گُن پکان اوس۔ یتھ سہٕ تمس یہٕ مانچھ برٕتھ مرتبان ڈالہٕ رٕنگی پیش کرِ ہے۔

ملہٕ سَنٛد یہٕ ڈألی رٕتھ بڈٕ خوش تہٕ کوٚرنس دعایہٕ خأرا۔ امہٕ پتہٕ دژٕ اولتہٕ برہمن۔ مگر سہٕ پوٚک سنہٕ اتہٕ زیادٕ دوٗر تکیٛا زِ سہٕ اوس أتھی گرٕ ہے نگھہٕ توٚت تأنی روزٕن یژھان یوٚت تأنی ملہٕ امہٕ منزٕ مانچھ موکلاوِ ہے۔

تتھے یہٕ نفر دژٕ اوتہٕ ملَن لوٗگ امہٕ منزٕ مانچھ کڈٕن تہٕ یہٕ لوکٹین بانٕن برٕن

تِکیاِ زِ سہ اوس نہٕ یژھان زِ کانٛہہ گوٚژھ وُچھُن تَس نِش اکی ساعتہٕ پتہٕ ژوٗر راۄچھ
تَمی بٔرٲ اَکھ زٕلوٕکُٹ بانہٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ لوٗکن مہال وۄنہٕ ژھورُن۔ یُتھ زَن اَمہِ منٛز سائِلم ماگ
نیرِ ہے۔ تُلر بن گیہِ اَمہِ سِتی زبردست تھوتھ تہٕ آیہِ اَمہِ منٛز نیرِتھ تہٕ لوگُکھ یہ بُچھن۔
سہ اوس اور یور دَوان تہٕ پانس وامان تہٕ ژٕنجہِ دِوان۔ مگر تُلرو بُجس نہٕ تھ
تَمن آونہٕ کانٛہہ عارا۔ وۄنۍ کیاہ کرِ ہے سہ۔ أمی أنۍ مَلَن ژھُن پَٹن چوغہٕ کڈتھ تہٕ
دِتن اُرکتھ کُن دأرِتھ۔ پتہٕ سیّد یاوسہ مکانس اندر تہٕ تُلرِ دوٗ رییَس پتے۔ سوبِچوارِ
تُلرِ ٹوپہٕ ستی اگر نے تَمی سِنٛز زنانہٕ اَکھ موٚٹ تُلہٕ گُلی لٔنڑ ہیتھ وأتتھ پییہٕ ہے تہٕ تَمن
ژٕلراوِ ہے۔

ہُپأرِ اوس برٛہمَنَن أمی سُند چوغہٕ نمت۔ اور وأتتھ کُرس زنانہٕ تیتی تعریف
پیٹھ تہٕ زانٛہہ أسی نَس کُری ہتی۔ ''أسی چھِ وۄنۍ سبٛٹھاہ امیر''تَمہِ وۄنُس'' تہٕ وۄنۍ چھُنہٕ
اَسہِ سارے وأنٛسہِ بییہٕ کُنہِ چیزُک ضرورتھ۔''
مَلَس ییلہِ ٹوپَن ہنٛز دَگہِ ہنا فرق گیہِ تہٕ نتیاس زِ أمی سُند مولُل چوغہٕ
اوسکھ ژوٗرِ نمت۔ سہ سَپُد سخت پریشان۔ سہ گو وتہٕ وۄنُن پَٹن یہ سائِلم گُدرُن ہُس
بیٚیس أنِس مَلَس۔ پتہٕ گے دونوَے تہٕ وۄنکھ أنِس بیٚچھہٕ وِنِس۔ کینٛژ کالۍ سکھرے تہٕ
گے بادشاہَس نِش تہٕ وۄنہَس زِ ژوٗرَس گژھہِ سخت سزا دِنہٕ یِن۔
بادشاہَن بوٗزِ یہ سورُے بڈ توجہ سان تہٕ یہنٛزِ ن ڈیلیَن منٛز گیس سبٛٹھاہ دلچسپی
پأدِ۔ تَس گیہِ زبردست خاہِش یہ زانٛنچ زِ یہ کُس بلایہِ ہُنٛد چالاک گژھہِ اَمُن تیمہِ یِمن
بلایَن تہِ تأر۔ تَمی دیاونأ و نگارَس پیٹھ پوٗرِ شہرَس پارَے زِ تیمی تہِ یہ کوٚر سہ کرِن

أمیُک اقرار تہٕ تِمِس میلہِ بادشاہ ہِنٛدِ طرفہٕ سیوٗ دُے معافی تہٕ بیٛیہِ ییٚس بڈٕ بوٗڈ انعامہٕ دِنہٕ۔

اِو کٔنِ گوو برہمن تہٕ ووٗنُن سأئلم کینٛہہ بادشاہَس تہٕ بادشاہَن ووٗنُس "شاباش۔ مگر ییٚہِ وَنتم زِییٚہِ سأئلم کوٗرتھا ژٔرے پانٔے رِکنہٕ بیٛیہِ کأنٛسہِ ہیچھنووکھ؟"

"جناب۔ ییٚہِ کوٗرِ مے زنانہِ ہِنٛدِس وَنٛنس پیٹھ۔ تِمہِ ووٗن تہٕ مے کوٗر" برہمن ووٗنُس درجواب۔

بادشاہَن دِتِس واریاہ تحفہٕ تہٕ ووٗنس "تیٚلہِ گووجان" تہٕ کوٗرُن رخصت۔

(راوی: بشورام۔ بانہٕ محلہٕ، سرینگر)



# سائلم أکۍ سِے پِنٛسس

کٲشِرِ منز اوس اَکھ دولتمند تاجرٕس سٕبٹھے بیقل تہٕ نادان نیچو اوس۔ یُدوَے زَن تَس سٕبٹھے جان ووستاد تِہ تھاوِکھ مگر تہِ گرِتھ تہِ ہیوٚ چھ نہٕ أمی کہنہٕ۔ سُہ اوس بلکل لاپروا، بے کار تہٕ موٚنٛڈ۔ ییمہِ کِنہٕ تِمس وٕنی وٕنی تہِ کٔنہٕ پٔتٕر اوس گرٕھان۔ سُہ اوس صرف وقتا ضایع کران۔ یہِ چھےٚ سیٚزے کتھا زِوارِ وارِ ہیوٚتُن یہِ ماٮ۪لس کھرُن مگر قدرتی کتھا چھےٚ زِ أمی سٕنٛز موج أس أمی سٕنٛدِس رٕژرٕ سِے وومیدوار اِو کِنہٕ أس أمِس ہمیشہٕ (اتربن) ڈٕج وَلان۔

ییٚلہِ ووٚنی یہِ لڑکہٕ کھاندرچہِ وأنسہِ ووت أمی سٕنٛزِ ماجہِ لوگ تاجرٕس زارِ پارِ کرُن زِ سُہ ژھأنٛڈی تَن أمِس رِکہٕ ھ مُنأسب زنانہٕ۔ مگر تاجر اوس پنٕنہِ جایہِ شرمندٕ تہٕ ییٚمہِ کتھہِ خأطرِ دوکھہٕ ہوٚت زِ سُہ کیٛاہ ہیکہِ ہے پننہٕ نس أمِس احمق نیٚچوس متعلق کأنٛسہِ کینٛہہ وٕنِتھ یا پانہٕ گرِتھ توَ بے اوسُن پانس سٕتی یہِ پوٚرِ فأصلہٕ کوٚر مُت زِ سُہ کرِ نہٕ أمِس کھاندر۔ مگر ماجہِ اوسُس أتھ پیٹھ دِل گوٚنٛڈ مُت۔ سو أس وٕری یہِ وادو پیٹھٕ أتھ پژراران۔ لڑکہٕ ہمیشہِ انہورِ ے تھاوُن چھُ بُڈ خجالت تہٕ بینٛہٕ چھنہٕ یہِ کُنہِ مذہبس یا

رِمسس منز۔ سوٗ اُس نہٕ کُنہِ تہٕ قیمتس پیٹھ اَتھ کتھہِ پیٹھ راضی۔ تمہِ لاگِ پَچھوٗ ہِندِ طرفہٕ باپتھ بہانہٕ وَنٕنۍ۔ سوٗ اُس ہیٚ نہٕ پزٕٔ یہِ ظاہر کران زِ مےٚ وُچھ اُمس منز غار معموٗلی دانٲیی تہٕ چالاکی ہِندی گون۔ تتھہٕ کلاموٗ اوس سوداگرس صرف شرارتَس ہُر برسپدان تہٕ اکہِ دوہہٕ ییلہِ سو نچوٗ سُند تھکناوان اُس تہٕ وۄنُنس یورِ "یوٗکُن بوز۔ مےٚ وۄت وۄنۍ یہِ وارِ یہہ کال بوزان مگر اکہِ پھرِ تہٕ کوٚر نہٕ اُمۍ یہِ ثابت۔ ژٕ۔ کتھہٕ پاٹھۍ مانہٕ زِ اَتھ منز چھےٚ کانہہ سر سایا تہِ حقیقت۔ ماجن چھےٚ اُچھن پٹ دِتھ آسان۔ وۄں گوو چانہٕ خاطرٕ گرٕ ژٕ اُمس بے وقوفس بیا کھ ازمائش۔ اُنٕن سٕہ تہٕ دِںیم ترٕ ے پیٚسہٕ۔ اُمس وَن بازر گژھ تہٕ اَکس پیٚسس اَنۍ زِ پانس خاطرٕ کینژھا، دوٚیم ژھنۍ زِ دُریاوس تہٕ ییٚس پیٚسہٕ بچی تتھ اَنۍ زِ کم از کم پانژھ چیز۔ کینژھا کھینہٕ خاطرٕ، کینژھا چینہٕ خاطرٕ، کینژھا ترٕکنہٕ باپتھ، کینژھا باغس وَونہٕ خاطرٕ تہٕ بیٚیہ کینژھا گاوہِندِ کھینہٕ باپتھ۔"

زنانہِ کوٚر ریلی تہٕ لڑکہٕ وژاو۔

سٕہ گوو بازر تہٕ اَکس پیٚسس اوٚنن پانس کیٚنتھ کینژھا تہٕ کھیوٚن سٕہ۔ پتہٕ وۄت سٕہ دُریاوس پیٹھ تہٕ تیار اوس پیٚسہٕ آبس منز دٲرتھ دِنَس زِ اچانک آس خیال زِ یہِ گوو فضوٗل تہٕ چھُ پانسے سام ہوان۔ "امہِ تلہٕ کیاہ نیر۔" تمۍ وۄن پنٕنۍ ہٕتہٕ "ہرگاہ یہِ پیٚسہٕ آبس ترٲوِ مےٚ نشہٕ روزِ پتہٕ اکھ۔ مےٚ کیاہ پیٚیہٕ اَکس پیٚسس۔ کھیوٚن کینژھ، چوٚن کیٚنتھ تہٕ بیٚیہ تم ساری چیز ییم مےٚ ماجہِ وۄنۍ؟ مگر ہرگاہ ژٕ یہِ پیٚسہٕ آبس ترٲوتیلہٕ چھنہٕ سو وفادٲری۔"

أکی سٕنز اَتھ خود کلاٗمی دوران دزٲیہِ لپأرک أکِس کھارٕ سٕنز کوٗرتہٕ أکی
پریشان حُلیہِ وُچھِتھ پرٛژھنَس زِ ذٔلیل کیاٗہ چھےٚ۔ أمی وۄنُس یورٕ تہٕ سائلم یہ
وۄنُمت اوسُس مگر تِمِس اوس تشُدیہِ مانُن تہٕ بیقلاٗ زی باسان۔ مگر أخر گرے
کیاٗہ؟ سُہ اوسنہٕ ماجہٕ ہنٛز کتھ تہٕ پھرِ نی یژھان۔

"بہٕ وَنے ژےٚ" تمہٕ وۄنُس "گرٕ ھ تہٕ اَن أکِس پیٛنِس ہند دند
بیاٗ کھتھ او پَنہٕ نِس چندس منز۔ آبس مہٕ تژٛ او ہنٛدٕ وہندس منز چھِ تم پانژوے چیز
ژےٚ ضرورتھ چھی۔ گرٕ ھ اَن اَکھ تہٕ پَنہٕ ماجہِ تہٕ سو گرٕ ھی ژےٚ خوش۔"
لڑٕ کن کوٚر یی۔

یِیلہِ سوداگر سٕنز زنانہِ پَنہٕ نِس نیٚچوی سٕنز داناٗیی وُچھ سو سپٕز پنٕنہٕ پیٛٹھی خوش۔
تَس باسیاوُ سُہ پزٕ کنہٕ سبٕٹھےٕ دانا۔ یِیلہِ تَس خانہٕ دار آو تمہٕ وۄن تِمِس "وُچھ۔ یہِ
سأنِس نیٚچوی سٕنز کاٗم۔" ہیٛبد وہند وُچھِتھ گو تاجر حأران تہٕ وۄننس "مےٚ چھنہٕ یہ
بیٛہان زِ أمی کیاٗہ چھےٚ یہِ کاٗم پَنہٕ عقلہِ کٔرمٕژ۔ تیوٚت گژھِتہٕ چھُ أمِس دِماغ۔ کُرتانی
یہِ پچھنو ومُت۔" تہٕ پَتہٕ نیٚچوس کُن پھیٚرتھ پرٛژھنَس "ژےٚ کُمی وۄننےٚ یہِ کرُن؟"
لڑٕ کن وۄن "اَکہِ کھارٕ کورِ۔"

تاجرَن وۄن زنانہِ "وُچھتھا۔ مےٚ وَنیاٗمَے نا یہِ چھنہٕ أمِس بیقلہٕ سٕنز کاٗم۔
خاٗر گرٕ وس کھاندر۔ تہٕ ہرگاہ ژٕ مانگھ تہٕ یہِ پیٛرٕ شہِ۔ تہٕ تیٛلہِ أمی ہے کھارٕ کورِ تیٚ یٔمہ
أمِس نسبت دلچسپی ہاٗوتہٕ سبٕٹھاہ گاٛنج چھےٚ باسان۔"
زنانہِ وۄنُس "آ۔ آ۔ اَمہِ کھوتہٕ چھنہٕ جان کینٛہہ۔"

اَمہِ پَتہٕ کینٛہہ دوٚہ گوٚو تاجر کھار سُند گرٕ تہٕ وُچھن سو کوٗر ییٚمہ اَکی ہنٛدِس نیچوِس مدداوس کوٚرمت۔ اَمی پرٛژھس ''ژٕ چھکھا گٔنی زٔنی۔''

''آ'' توٚر میوٗلِس جواب۔

''مول موج کتہِ چھی؟''

تمہِ ووٚنُس ''میوٗن مول چھُ اَکِس ہارِ اَکھ لال اَنِنہِ گوٚمُت تہٕ میٲنۍ موج چھےٚ کینٛہہ کتھہٕ کِننہِ گٔمٕژ۔ مگر تم دوہ ووٚے واتن وُنی واپس۔ توٚہۍ ٹھٔہرِ اَو ووقدم یوٚت تانی تم ییٚن۔''

''چلو تہِ چھُ ٹھیک'' اَمِس کورِ ہنٛز ییٚمہِ کتھہٕ بوٗزِتھ اوس یہ تاجر تٕہ بن تہٕ تٕژ واہن منٛز تہٕ ووٚننس ''کیاہ ووٚنتھ ژےٚ کوٚت چھِ چون مول موج گٔمتی۔''

''میوٗن مول چھُ اَکِس ہارِ اَکھ لال اَنِنہِ گوٚمُت۔ مطلب یہ چھُ ژٕ اَنُکس خاطرٕ تیل اَننہِ گوٚمُت۔ تہٕ میٲنۍ موج چھےٚ کینٛہہ کتھہٕ کِننہِ گٔمٕژ یعنے سو چھےٚ کُمِس تام مٔنزم یارٕ زکرنہٕ گٔمٕژ۔''

تاجر گوٚو کورِ ہنٛز دلنٲیی وُچھتھ حٲران مگر تمۍ ووٚن نہ کہنی۔

اَتھی منٛز پیوٚ کھار تہِ تہٕ تٔمۍ کٔر ہنٛز زنانہٕ تہِ واَتھ۔ تم سپدی اَمِس بڈِس تہٕ دولتمند اہیر ہنٛدِ یہنٛدِس غریب گرِس منٛز وُچھتھ حٲران۔ اَمِس سٕبٕٹھے احترامہٕ سان سلاماخٲر پاٹھا کرِتھ پرٛژھہس ''توٚہہِ کتھہٕ کٔنی بخشوساٚنس گرس عزت۔'' تٔمۍ ووٚنتھ زِ یہٕ چھس پننِس نیچوِس خاطرٕ توٚہہِ کورِ مانکیہ آمٕت۔ تموتہٕ دِتھس فورن اقرار۔ کھاندرٕ خاطرٕ آے دوہ گنڈنہٕ تہٕ تاجر آو واپس گرٕ۔

تِمۍ وۄن زنانہِ "یہِ گووز برٕزِ تِموٗمون یہِ رِشتہٕ تہٕ دوہہ تہِ گٔنڈٕ"۔

پٔژ بتھ طرفہِ پھائیلیہِ یہِ خبرتہٕ لۄکولاجہ پانہٕ وأنٕ گتھہٕ گرٕ نہِ زِأمۍ تاجرن کتھہٕ کٔنۍ کوٗر رِپَنہٕ نِس نیٚچوٗس تِتھس أکِس گرس منٛزٕ ئُس یہنٛدِ کھوتہٕ سبٕتھی پٔس پایہ چھُ۔ کینژن ئلی بیکن آوۄت اَزرون زِ تِموٗ لوگ تاجر سِنٛدِس لڑکس أمِس کورِ ہُنٛد مُنافقت گرُن۔ تِموٗ وۄن أمِس زِ ژ دِکورِ مأئِس دھمکی زِ ہرگاہ سہ یہِ رشتہٕ کرنس پتھ قأیم رٕوِ دتہٕ پژے یہِ کھاندر سَپُدِ نہٕ آسہِ أمِس کورِ دوہَس منٛزٕ سَتہِ پھرِ پأزار دِوان۔ تِموٗ سوٗچ زِ ییٚلہِ کھاریہ گتھ بوزِ سہ کھوژِ تہٕ ژٹہِ یہِ رشتہٕ۔ "تہِ گٔرتھ تہِ" تِموٗ وۄنہَس بیٚیہ "ہرگاہ شخص کھوٗژنہٕ تہٕ کھاندر سَپُدِ تہٕ پتہٕ گژھہِ چانہِ خأطرٕ جان زِ ژ اگر زنانہٕ ستی یہوے ووہار گوڈٕ گوڈٕ کرکھ۔ اَمہِ ستی رٕوزی ژےٚ سوا تھَس تل تہٕ زنہٕ دِیی نہٕ کانٛہہ تکلیف۔"

أمِس فأترس باسیاو یہِ چھُ پژے اَکھ جان منصوٗبہ تہٕ کوٗرُن بلکل یی۔

کھارَ سَپُد بڈٕ پریشان تِتھے تِمۍ کورُ چھِ تِمۍ وۄن تَس یہِ زَن سوٗدا گرزادن أمِس وۄنمت اوس تہٕ دوٗہس ژھن أمِس بلاے "اَمہِ کھوتہٕ چھے بہتر کھاندرٕ نہٕ کرُن زِ ژ کرکھ تِتھس شخصس ستی یُس ژےٚ ہۄنس نتہٕ ژۄرٕ سنٛزٕ ہش نظر کری۔"

"بیا۔ مہ گژھ پریشان۔" تِمہِ وۄنُس "ژ کیہِ چھُ سہ کموتانٛی تکٔمت یِتھ سہ ژےٚ نِش آوتہٕ وۄننے ژےٚ یہِ۔ مگر ژٕ مہ ہے غم۔ تہِ سپدِ نہٕ زنہٕ۔ انسان یہِ ونان چھُ ضروٗری چھُنہٕ سہ آسہِ تی کران۔ ژٕ مہ بَرمیوٗن پرواے۔ یہِ سہ ونان چھُ تہِ گوھہِ نہٕ زانٛہہ۔"

پَنہٕ نِس تأرٕتھس پتھ سَپُد کھاندر تہٕ نصف رأژ کیٚتھ وۄتھ مہرازٕ۔ تِمۍ سوٗنچ زِ

زنانہٕ چھم مَرٕ ہِنٛد رِٕ تُمی ٹُل پأزارتہٕ ہیوٚتُن أمِس والُن تہٕ اَمہِ مُوراوِ أچھ۔ تمہِ وۄنُس "یہِ مَہ کَر۔ کھاندرٕ کہِ گوڈٕ نکے دوہہ ژٕونِ چھےٚ بدشگوٗنی۔ تہٕ ہرگاہ ژٕ پگہہ یِلی تہٕ یِژھکھ ژٕ ہبلکھ مےٚ لأگتھ۔ مگر از کرونہٕ أسی لڑأے۔" دۄیمہِ شبہٕ ٹُل بیٚیہ مہرازن پأزار أمِس ٹاپوٗنہٕ خأطرٕ مگر تمہِ کوٚرُس پتھ روزنہٕ خأطرٕ زارٕ پارتہٕ وۄنُس "یہِ چھُ بدشگوٗن زِ ہرگاہ بأژستہٕ نے دوہَن منٛز پانہٕ وأنی لڑایہِ وان لاگَن۔ مےٚ چھُ پتاہ ژٕ چھُکھ داناتہٕ ژٕ بوزَکھ میأنی کتھ۔ ژٕ ژھوٚٹراو تأنی یہِ گتھ أتھَن دوہَن تہٕ پتہٕ یِیٚت ژٕ ےٚ خوش گوھی تیٚوت لاےمےٚ۔" أمی مأنی یہِ گتھ تہٕ لوٚیُن کھورِ بانہٕ أ کس اندس کُن۔ ستمہِ دوہہ گیہِ زنانہٕ مالِئین یہِ زَن مسلمان گرَن منٛز بیٚیتہٕ رَسم چھُ۔

"اوٚ ہو!" وۄن أمِس جوانس دو ‥ یِیلہِ سمکھیاس۔ "گووتمہِ نیوٗنکھ ژٕ زِیٚلتھ۔ ہاے کوتاہ احمق چھُکھ ژٕ! اَسہِ اوس پتاہ زِ اَتھ گژھہِ پی۔"

أتھی منٛز آس باپأری ہنٛز زنانہٕ پنٕہٕ نِس نِچوِ ہنٛدِس مُستقبلس متعلق سوچان۔ تمہِ سوٗچ زِ یِہوے اوس وقت زِ سُہ سَپدِ پنٕہٕ نبن کوٗتھِن پیٹھ استادٕ۔ اَمہِ کَرٕ وۄنُن خانہٕ دارس "ژٕ دِ أمِس کینٛہہ سوداگری ہُنٛد مال تہٕ یہِ نیرِن سفرس۔"

سوداگرَن وۄنُس "ہرگز نہٕ" أمِس اَتھس منٛز پٔیسہٕ دِنی گےٚ یم کولہِ ژٕھنِنی۔ یہِ ٹُلہِ تمَن دُہ۔"

زنانہِ لأجس ٹھأنی "کینٛہہ پرواے چھُنہٕ۔ یہِ ہیٚچھہِ امی ستی دلنأیی۔ دِ أمِس کینٛہہ روپیہ تہٕ دِس دوٗرٕ مُلکن گژھنہٕ۔ ہرگاہ أمی نیوٗن تہٕ أمِس پیہِ اَچھ قدرتہٕ ہرگا پٔیسہٕ راورِن تہٕ بچھنَس ووت توتہِ کروأسی یہِ دوہ میدزِ تَس یِیلہِ دُبارٕ پٔیسہٕ بنَن سُہ گرِیمَن

قدر۔ دۄشوٕنۍ صۄرژَن منٛز چھُ یہِ تَس خاطرٕ فائِد مند۔ یِمو منٛزٕ ہرگا اُمِس کٲہنۍ تہٕ تجربہ سپدِ نہٕ سُہ بَنہِ نہٕ کُنہِ چیٖزَس لایق۔''

باپارِس روٗزسو پَتہٕ تہٕ تٔمۍ اوٗن پنُن نیٚچُو بُلاوِتھ تہٕ دِیُتنَس کینٛہہ رقم تہٕ سامانہٕ تہٕ بیٚیہِ کینٛہہ نوکر تہٕ تٔمِس حبسہٕ روزنُک ہدایت دِتھ کوٗرُن سُہ روانہٕ۔ نوجوان سوداگر دراو پنُن سامانہٕ تہٕ وارِیہہ نوکر ہیتھ۔ یہِ کاروان اوسنہٕ وُنہِ سیٛٹھاہ دوٗر رووتمُت زِ تِم دراے اکِہ بَڑِ باغہٕ کِنۍ یتھ سارِی سےٚ اَندۍ اَندۍ تھوٚد مضبوٗط دیوار اوس۔ ''یہِ کیاہ جایا چھےٚ؟'' جوان سوداگرَن پرٛژھ ''گژھو تہٕ یہِ ییٚو اَندر رُوٗچھتھ۔''

نوکر گے تہٕ واپَس یِتھ وۄنُکھ پَنہٕ نِس مالِکس زِ تِمو وُچھ اَتہٕ، اَکِس خوٗبصورت باغس منٛزٕ باگ اَکھ بڈٕ تہٕ شاندار عمارتھا۔ پَتہٕ گوو پانہٕ یہِ جوان سوداگر تہٕ ژاو باغس منٛز۔ اَتھ بجہِ عمارژِ کُن نظر کرِتھ وُچھ اُمۍ اَتہِ اَکھ خوٗبصورت زنانہٕ تٔمہِ ہوٚد اُمِس کُن اِشارٕ زِ وولہٕ تہٕ گنٛڈ مےٚ سیٚتۍ اَکھ نردٕ بازا۔ یہِ زنانہٕ اُس اَکھ پوٚختہٕ زُارِکۍ۔ تَس اُس پَنہٕ نِس مقابل نفرس نِشہِ تٔمۍ سندی پئیسہٕ حاصل کرنٕچ پرٛ بتھ قسمٕچ چال پتاہ۔ کُنہِ اَکھ منہٕ مانۍ چال اُس یہِ زِ بازِ وِزِ اُس سو پانَس لرِ اَکِس بٔراِرِ تھاوان تہٕ سو اُس تٔمہِ ہیچھنأومٕژ زِ اَکِس خاص اِشارَس پیٹھ اُس سو ژانِکس چھٔہہ دِتھ نیران تہٕ گاش اوس ژھبتہٕ گژھان۔ یہِ اِشارٕ اُس سو تٔمِس ہمیشہِ تٔمہِ وِزِ دِوان ییٚلہِ سو بأزی ہارُن اُس ہیوان۔ یتھہٕ کنۍ اُس تٔمہِ سیٛٹھاہ دولت سوٚمبرأومٕژ۔ تٔمہِ ورتوو یوٚہے بُرأرُک ژھل اُمِس نوجوان سوداگرس ییٚمہِ سیٚتۍ تَس سیٛٹھاہ ہارُن پیو۔ پرٛ بتھ کینٛہہ، پئیسہٕ، سوداگری ہُنٛد سامانہٕ، زنانہٕ، نوکر، پنُن پان تہٕ پَتہٕ اوس نہٕ تَس کہنۍ۔ سُہ آو قأد خانَس

منز تھاونہٕ۔ اَتہٕ اُس اُمس سبٹھاہ سختی کرنہٕ یِوان۔ سُہ اوس اکثر بڈٕ ہٮ۪ہ خدایس دُعا
منگان زِ مےٚ کڈ تہٕ ییمہِ مصیبت کہِ دُنیا منزٕ۔

اکہِ دوہہِ وُچھ اُمۍ اکھ نفر جیل خانہٕ کہِ درواز کنۍ نیران۔ اُمۍ کوٚر اُمس
خاٗر پاٹھ تہٕ پرٛژھنس زِ ژٕ کتہٕ پیٹھہٕ چھُکھ آمُت۔ "بہٕ چھس فلانۍ مُلکُک" اُمۍ وُنُس
در جواب۔ اُمۍ ہیوٚت تٔسۍ مُلکُک ناو ییتہٕ اُمۍ سُند مول روزان اوس۔

"سبٹھاہ زبر" قدری وُنُس "ژٕ ہیکہِ کھامےٚ اکھ بڈٕ مہربانی کرِتھ؟ ژےٚ
وُچھتھ زِ بہٕ چھس ییتہِ بند تہٕ بہٕ ہیکہٕ نہٕ توٚت تانۍ آزاد سپدِتھ یوٚت تانۍ بہٕ پنُن سُہ بوٚڈ
قرضہٕ نکھہِ ہیکہٕ واٗلتھ یُس بہٕ دارٕ۔ بہٕ چھس یژھان زِ ژٕ نِمکھ میانہِ ییمہٕ زٕ چٹھہٕ اکھ
میانِس ماٗلس تہٕ دوٚیم میانہِ زنانہِ۔ ییہِ چٹھۍ چھےٚ میانِس ماٗلس تہٕ ییہِ زنانہِ خاطرٕ۔
ہرگاہ ژٕ میانۍ ییہِ کامہِ ہن کرکھ بہٕ روزے ژےٚ ہر ہمیشہِ شُکر گزار۔"

نفرن کوٚرُس آنکار۔ چٹھہِ زٕ رٹِن تہٕ دراو پننہٕ وتہٕ۔ اُکس چٹھہِ منز اوس
اُمۍ ماٗلس تہٕ لیوٚکھمُت ییہِ سپدمُت اوس تہٕ بییس چٹھہِ منز اُسس زنانہٕ اصل واقعہ
ادلہِ بدل کٔرتھ لیچھمُت تہٕ ییہِ وُنمُت زِ مےٚ چھےٚ وُنۍ سبٹھاہ روپیہ۔ بہٕ ییمہٕ جلدٕ ے
واپس تہٕ دِمےٚ گلس پاٗزاریہ زن اُمس گوڈے تہٕ دٔنتھ اوسُن تھوومُت۔

اُمۍ شخصن ییلہِ پنٕنۍ سو کامہِ ہن کرِ ییمہِ خاطرٕ سُہ اوراوس آمُت تہٕ دراو سُہ
واپس پننہِ نِس مُلکس تہٕ ییمہٕ چٹھہِ زٕ واتناوِن۔ مگر تٔس اوس نہٕ پرٛن تگان۔ ییمہِ کنۍ تمۍ سو
چٹھۍ اُمۍ ہنزِ زنانہِ دِژ۔ یوسہٕ اُمۍ ہندِس ماٗلس اُسس دِنۍ تہٕ یوسہٕ چٹھۍ اُمۍ ہنزِ زنانہِ
ہنز اُس سو دِژٕنس ماٗلس۔ خوشخبر بوٗزِتھ گوس مول شادمان مگر ییہِ توٗرُس نہٕ فکرِ زِ چٹھۍ

کیاہ زِ اُس اُمہِ سنزِ نوشہِ ہنٛد ناوٕ تہٕ اُمہِ سنٛدِ پننہِ ناوٕنہٕ تہٕ بییہ کیاہ زِ اُس تمہِ واپسی پتھ پننہِ زنانہِ مار دِنٕچ گتھ دٕنتھ کھوژناوٕمُت۔ تہٕ ییٚلہِ وۄٚن نوشہِ پننہٕ نِس خانہٕ دارِ سنزِ چِٹھ پرِ یتھ منٛز تمہِ پننہِ بدطالعی تہٕ تباہیہِ ہنٛز گتھ اُس لیچھمٕژ۔ سو سپٕز مغموٗم تہٕ حیران سپٕز زِ کیاہ زِ اُس اُمہِ سنٛدِس ہیہرِ بابہٕ سنٛدِ ناوٕ چِٹھ لیچھمٕژ تہٕ اُمہِ سنٛدِ پننہِ ناوٕ نہٕ۔ اُتھی پریشانیہِ منٛز گییہ سو پننہٕ نِس ہیہرِ بابس نِشہِ۔ یمن دوشوٕنی ہنٛزِ پریشانیہِ ہُنٛد ہیکہِ وننہٕ کھوتہٕ زیادٕ اندازٕ کرنہٕ یتھ زِ ییٚلہِ یمو یمن دۄن بیانن مقابلہٕ کوٚر۔ یہِ اوس کیاہ ہتاوی ہرے۔

کینژھا مشورٕ ہنا کٔرتھ کوٚر نوشہِ دانٲیی تہٕ ہِنٛڑ رپاٹھی یہِ زن سو اُسے یہِ ثبوت ارادِ زِ سو گژھہِ تہٕ پننہٕ نِس خانہٕ دارس وُچھتھ تہٕ ہرگا ممکن سپدِس تہٕ کرِس آزاد۔ ہُنٛد سوداگرن تہٕ دِتُس گژھنک اجازت تہٕ وتہٕ خرچہِ خاطرٕ دِتُنس کینٛہہ رقم تہٕ۔

اَمہِ بہادُر زنانہِ پۆرمَر دٕرخت تہٕ دژ ایہ تہٕ وٲژتھ جایہ ییتہٕ یہِ مالِک منٛز زنانہٕ روزان اُس۔ زالری زنانہِ وۄٚنُن زِ سو چھےٚ اُکِس امیر باپاری سُنٛد نِچو تہٕ زارس متعلق رژھ کھنٛڑ زانکاری آسنہٕ کِنی چھےٚ اُمِس ستی پنٛژ ہونراز ماوٕنی یژھان۔ زالری زنانہِ کوٚرُس فورن اقرار۔ شامَس اوس یمن گِنٛدن تہٕ یہِ نقلی سوداگر زادٕ گووز الرہِ زنانہٕ ہنٛد بن نوکرن نِشہِ تہٕ کوٚرُن تمن زارٕ پارٕ زِ مےٚ دِٕنی تو اَمہِ گمو چالو کِنی چھےٚ پنٛژ روپیہ نِسنہٕ مُتۍ۔ گوڈٕ ہمژ او تمو گوٚلے مگر ییٚلہِ تمو اشرفی ینٛن ہنٛدی ڈیر تہٕ خوبصورت چیز یم نوجوان سوداگرن یمن متھ کرنہٕ کِہ غرضہٕ برٛونٛہہ کُن تژاوِ تم سپدی مائِل تہٕ وَنہٕ ہَس سارے گتھہٕ۔ بییہ وۄٚن ہَس پتہٕ زِ ممکن چھُ تہنٛز مالکنی ماورتاوٕ از شامَس برٛارٕ ہُنٛد ژھل تہٕ۔ اَمہِ پتہٕ دژ اوسہِ نقلی سوداگر زادٕ۔ شامَس بٲگی ییٚلہِ سو آیہ تہٕ سوٗزن امہ

زنانہٕ سلام۔ اَمہِ اوس پانس سٍتؠ اَکھ گگُرتہِ اۄنمُت یُس تَمہِ پنٕنہِ انگرَکھ کہِ نرِ کس تہس منز ژۄرِ اوس تھوومُت۔

اَمہِ پَتہٕ گیہِ بأزی شرۄع۔ اَکھ سبٹھٕے جان گنٛدَن وول آسنہٕ کنٛز لۄگ نقلی سوداگرزادَن زیُٹھن۔ یہِ وُچھِتھ دِیُت کمینہٕ زأرِ زنانہِ بڈارِ اشارٕ۔ برأرگیہِ ژانگس گُن تہٕ امی ساعتہٕ ترٛوو نقلی سوداگرزادَن گگُر یلہٕ۔ گگُر دڑاوۄلی تہٕ اُمس پتے گیہِ برأرتہٕ تم لگی سأری ہیے گُٹھس گرااورتہٕ گرایورکرنہِ۔

نقلی سوداگرزادَن وۄنُس رَژھ کھنٛڈ گرٛھِتھ "أسی کیاز ژِ روزونہٕ پٔنٛزٕ بأزی گنٛدان؟ کُنہِ رکاوٹہٕ ورأے ژٕ ئنٛز تمہِ بأزی پتہٕ دۄیم بأزی، پَتہٕ ترٛیم تہٕ ژۄرِم تہٕ یۄت تانی تمہِ سٕہ سورُے واپس نیوٗن یہِ تمٕ ہٕنٛدی احمق خانہٕ دارَن ہۄرمُت اوس بلکہِ تمہِ ہُر یمانہٕ یہِ بڈٕ عمارت، نوکرتہٕ پانہٕ یہِ کمینہٕ زنانہٕ تہِ۔

اَمہِ بۄ رِیہِ سہل پأٹھی نیوٗمُت خزانہٕ بڈٕ بن صندوقَن منز تہٕ تمہِ پَتہٕ ترٛ اوناوِن سأری قِدی یلہٕ۔ أمی سُنٛد خانہٕ دار تہِ آو باقٕین سٍتؠ اُمس شُکریہ کرنہٕ خأطرٕ مگر پٔنٛزٕ یہِ احسان کرن وأجِنؠ آیس نہٕ پرٛزٕ ناونہٕ۔ وۄں گووسو اُس خاص پأٹھی تسی ژرژان تہٕ پرٛژھنس ژٕ بنہٕ کھامیوٗن سردار۔ تَس تہِ گُس چارٕ اوس تہٕ تمٕ موٗن پانٕے تہٕ امی وِزِ پٔنٛزٕ تم جیل خانٕکی زچہِ پلو بدَلاوِتھ آوسٕہ تم مُنأسِب پلولاگِتھ یِم اُمی نقلی سوداگرزادَن اُمس خأطرٕ سۄزی ئتؠ أسی تہٕ کۄرُن اُمی ہٕنٛدِ نیرنک انتظام۔ تمٕ ہٕنٛدی تم پرأنؠ جنٛدٕ پلو آے اُکس لوکٹس صندوقَس منز برنہٕ۔ مختلف صندوقَن ہنٛزٕ سارَے کُنٛزٕ آیہِ سردارَس حوالہٕ کرنہٕ مگر یتھ ڈبس منز یِم جنٛدٕ پلو تھاونہٕ آے تمیُک کُنٛز ژٕٹ نقلی سوداگرزادَن پانس

اَتھہِ ۔ پزٕ بتھ کاتُھہ تیاری سپز تہٕ دزٕ اے یم تہٕ یہ کمینہٕ زاری زنانہٕ تہٕ تچھ ستی ۔

پنہٕ نس مُلکس نکھہِ وأتتھ وۄن نقلی سوداگر زادن پنہٕ نس سردارس ''ے چھے پننہٕ اکہِ ذأتی کامہِ خأطرٕ یپأری گژھُن مگر ژٕ ہے زہنہٕ میۄن پرواے ۔ ژٕ گوہ سیۆ دُے شہرتہٕ یم چیز نہٕ پانس ستی تہٕ یم تھاوُ کھ احتیاطہِ سان توت تانی پنہٕ نس گرس منز یوت تانی بہٕ ولتے ۔ بہٕ زانن چون مول تہٕ مے چھُ ژے پیٹھ اعتبار ۔ ہرگاہ بہٕ وُہن دوہن اندر اندر روت سے تیلہِ گے یم ساری چیز چانی ۔''

سو گیہ پیہٕ اکہِ گول پھیر تھہ پنہٕ واجنہٕ وَتہٕ کنہٕ پُنن گرٕ (مالین) ۔ تمہٕ سُند سردار گوو یہ کمینہٕ زاری زنانہٕ ، ساری نوکر تہٕ لوکٹہٕ ڈبہٕ ورأے ساری چیز ہبتھ پُنن گرٕ ۔ گرٕ وأتتھ وۄن أمی پنہٕ نس مالس پننہٕ کامیأبیہِ متعلق تہٕ وۄننس زِ پنہٕ ژٕ کأتسہِ اَتھ نسبت کینہہ وَنکھ ۔ کینژٕ دۄہ پتہٕ آیہِ سو وأریو ۔ تتھے سو خاوندن وُچھ تہٕ تمہٕ وۄن ۔ ''ژے چھیا یاد زِ ژے گژٕ پھرِ چھی مے مار دِین تہٕ یلی ونان دِیت أمی یہِ باس زِ أمی ہیوت اَکھ بۄٹہٕ کھور کڈُن ۔

''ہاے ، ہاے ، یہِ کیاہ ۔'' وۄنس مالی ماجہِ ''ژٕ راور کھاتھ گرٕ واپس ینک رُت موقہٕ اَمہِ ظالم تہٕ وُسی پایہِ حر گژٕ کنی ۔''

تہٕ پتہٕ وۄنس وۄنی زنانہِ ''مے وُچھ وۄنی ۔ مے اوس باسان زِ ژے آسہتھ ضرور دلنأیی ہیچھہٕ مگر گیٔ تہٕ ۔ ژٕ چھکھ تتھے احمق یتھ ژٕ دوہے اوسکھ ۔ یور کُن وُچھ ۔ اَن ہُہ ڈبہٕ یوٗری ۔ سُے ڈبہٕ یُس مے پۆرِ سفرس منز پانس نشہِ تھوو ۔ ان یہِ یوٗری ۔ یم کُہندی مکری پکو چھ ؟ چأنی کنہٕ پیہٕ کأتسہِ ہنٛدی ۔ وُچھ یمن گن تہٕ پاوژبتس زِ تتہٕ کتھہٕ کنہٕ أمی

ژٕنے جیلہٕ وأنِلی بُتھہِ یِوان۔ ژٕنے کوتاہ مارأسی تِم دِوان۔ تِم کۄتاہ خراب تہٕ کم کھمن أسی ژٕنے دِوان تہٕ تِم کیٛاہ کیٛاہ رٕنٛھہٕ أسی ژٕے کڈان۔ او۔ ژٕنے تھٔرِ گرٕنئے۔ جان گوو گرٕنئے۔ بوز۔ یہٕ چھُس سُہ امیر باپأرِ سُند نیٚچو یٚیمِ ژٕ موکلاوِتھ اوٗنکھ۔ یوسہٕ ژٕنے مأنِلس چٕھٹھی أستھ پٔیچھمٕژ سوداأ ژٕمٕے۔ مےٚ یام چانہِ تبأہی ہُنٛد بوٗزُبہ وژ ایلس تمے وِزِ تہٕ پۆرُم جوان سوداگر سُند رخت۔ تٔمِس زنانہِ تہِ وۄنُم یِلی یٚیمہِ ژٕ بے وقوف بنوونکھ۔ مےٚ گیُنٛڈ أمِس ستیٚ تہٕ نیٛوٗنم تہِ سورُے واپس یہِ ژٕنے راوِرومُت اوسُتھ تہٕ اَمہِ علاوٕ أمی سُنٛد مکانہٕ جایداد تہِ۔ ہو کیٛاہ چھےٚ سوزنانہٕ۔ گۄژھ تہٕ پرٕ ژھُس اگر سومےٚ پرٕزناوان آسہِ"آ۔آ" زأرِ زنانہِ وۄن۔ سوداگر زادَن وۄن نہٕ کہنٛہ۔ سُہ اوس رَس بِکسرٕ گۆمُت۔ سوداگرٕ سنٛزِ زنانہِ وُچھ پَنٕنہِ نوشہِ کُن تہٕ کۆرُنس دنٛمایہِ خأر۔ سوداگرس اوس پأنَس سخت شرارت تہٕ پَنٕنہٕ نس أمِس بیقل نیٚچوِس نسبت اوس دِل تنگ تہٕ کہنٛہ تہِ وۄننس کۆرُنس نہٕ۔ أخرس پھیوٗر زنانہِ کُن تہٕ وۄنُنس "تۆ ریاوۄنی فِکرِ زِ چون نیٚچو کوتاہ بیوقوف چھُ؟ یِم سأری موٗلِلی چیٖز تہٕ لال جوأہر تھأوِن أمی سنٛزٕ زنانہٕ پأنس نشہِ۔ یِمہٕ شۆبَن أمی سےٚ۔"

(راوی: مُکند بابیو، سوٚتھ، سرینگر)



# ترٛ کجارس وُ کجار

سبٕتھاہ پَتھ کالہِ اوس اَکھ بادشاہ یُس پَنہٕ نِسے کارس، کلامَس تہٕ خیالَن پٮ۪ٹھ تیٚوٗت فخر اوس کران زِ تِہندِس مُلکس منٛز اوس یہِ محاورٕ بنیوٗمُت "سائٕنس بادشاہَس ہٕ خودغرض، تِتھے خودغرض یُتھ سون بادشاہ چھُ" تہٕ لُکھ اَسی یہِ ونان تہٕ ورتاوان۔

سیٚزرٕے گَتھا چھےٚ زِ اُمِس بادشاہ سٕندی دربأری یِہو وزیر اَسی تُمی سُند بٔزِ بٔزی پَسرِ آمِتی بیٹھہٕ اوس تُمی سٕندِ لہجہٕ تہٕ (لوٗگن ہٕنزِ) چاپلوٗسی یِنہِ اَتھ زیادٕے کھسان۔ "وٕنی تو۔ کُنہِ چھا بیٚیہِ یُتھ ہیوٗ مُلکاہ۔ یِتھ زمین یوسہٕ پیٚرٕ بَن ہار چھےٚ تہٕ سَنگ چھُس؟" سُہ اوس پرٛژھان۔

وزیر تہٕ دربأری اُسس جواب دِوان "کُنہِ نہ حَض! بادشاہ سلامت۔"

"کُنہِ چھا تِتھی انصاف کرِ تہٕ سوٗچتھ سمجتھ قونوٗن تہٕ تِتھی پاپر جاہ لوٗکھ؟"

"نہ حضرت، کُنی نہٕ!"

"کُنہِ چھا میوٗن ہیوٗ شاندار محل خانہٕ؟"

"بادشاہ سلامت، اَتھ چھُنہٕ کُنہِ جورَے!"

"آ۔ بِلکُل۔" پتہٕ اوس ریشِس اَتھہٕ پھِروان تہٕ اوس نٔزُوٹھ شہہ کھالان۔ زنتہٕ پتہٕ بجر کہِ احساسُک سبٕٹھے گوب باراوُسُس۔

یِم تہٕ بادشاہ سٕتۍ گتھہٕ بوزان اَسۍ تمو منٛز اَسۍ اکثر اَمۍ سٕندۍ اَمہٕ رٕوِ یہٕ کٔنۍ پریشان گژھان۔ یہٕ اوس وۄنی بوزُن کھران تہٕ پتہٕ اوسُس بَس ٹھکیے ہیُو حاصلا تھا تہٕ اَمۍ سُند مُلک تہٕ عوام تہٕ اَسۍ نہٕ کینٛہہ اسمانٔی وۄڈان۔ اَخرس تہٕ کوٗر اَمۍ سٕندِ بوکینٛو وزیرو یہٕ اِرادٕ زِ بیٚیہٕ ساعتہٕ ییٚلہِ سُہ یِمَن تِتھۍ سوال لاگہِ گرٕنی تم وَنَن تَس پٔزۍ پٔزۍ جواب۔ اَتھ موقعس پیوٚ نہٕ تِمَن زیادٕ کالَس پرٛارُن۔

بادشاہَن وۄن "توٚہہِ چھا باسان زِ مےٚ کھوتہٕ چھُ کانٛہہ بوٚڈ بادشاہ، یا بیا کھ کانٛہہ مُلکاہ یُس میانہِ (ملکہٕ) کھوتہٕ زیادٕ طاقتور تہٕ تھدِ شانُک چھُ؟"

"آ۔ بیٚیہٕ تہٕ چھِ" تِمو وۄنُہس۔

یہٕ معمولٕ ڈٕلتھ جواب بوٗزِتھ کھوٚت بادشاہس وارٕیہہ شرارت تہٕ وۄنُکھ گُس اَکھ چھُ مےٚ ژٕنو فوٗرَن۔ بہٕ تُلَن فوج تہٕ گرٕ تَس سٕتۍ جنگ۔"

تِمو وۄنُس "بادشاہ صاب۔ توٚت مہٕ کھٔییو۔ سون چھِی ژٔرے درخاس زِ قدم تُلنہٕ برٛونٛہہ سوٗنچِو گوڈٕ۔ تِتھنہٕ ہارِو تہٕ تھند مُلکے تباہ سپدِ۔"

مگر وۄن گوو بادشاہ اَمہِ کھوتہٕ تہٕ نارو نار۔ تِمۍ دِیُت پتہٕ نَس پوٗرٕ فوجس جمع سپدنُک حُکم تہٕ تِتھے تِم تیار سپدۍ تہٕ سُہ دژ اویِمَن برٛونٛہہ برٛونٛہہ بیٚیہٕ سوٗزِن پٔژ بتھ طرفہٕ نفریتھ زِ مُلکَن وَنَن زِ ژٕلو گرِ واسہِ سٕتۍ جنگ۔

وارٕیہس کالَس رٕوٗ دُسہٕ تمام مُلکن تہٕ سارِنے لوٗکن ہس دِتھ حاران کران

تِکیاز ِ کھنٛز اوسنہٕ جنگس پیٹھ آمادٕ تِکیاز ِ تم گژھ بناہَس پیٹھ گرہَن قتل عاما تِکیاز ِ بوٚڈ جنگ
گژھِہے لیٛ تہٕ ماسوایہِ اوس اَتھ منٛز اَمِس خود غرض تہٕ کبری بادشاہَس تشفی یا مقصد۔
مگر چھیکرَس آو یِیا کھے بادشاہا پنٛن فوج ہٕتھ تہٕ دِژن اَمِس خود غرض تہٕ کبری بادشاہس
شِکَس تہٕ کھیٚنس سأرِے سلطنت، سوٗرے طاقت تہٕ سأرِے شان۔

أتھی ستی وۄتھس وۄنی سوٗرے کِبر۔ سأرِے ہمت گیٚس ختم تہٕ بیٚیس
بدلأ وِتھ دژا و مُلکہ تہٕ زِنٛچوٕ ی ہٕتھ گژھ تانی مُلکس گژھنہٕ خأطرٕ سمندر گُن تہٕ اَتہِ وُچھن
اَکھ جہاز نیرنس تیار۔ تمی وۄن جہاز رانس زِ یہ تہٕ میۄن عیال تہٕ ٹُلتَن تہٕ واتناوتہٕ اَسہِ
تہِ تور یوٚت جہازس گژھُن چھُ۔ جہاز رانَن موٗنس مگر یام تَمِس خوبصورت ملکہ ہنٛز
ژھایی یأژ گیہِ تہٕ تَس بدلییہِ نیت اِرادٕ کوٚرُن زِ سُہ گرِ معاہدُک اَکھ چھاپوٕ رتہٕ ٹلہ
صِرف زنانے یوت ''کرٕ اہ مأرٕ ک منٛز زنانہٕ بَنہِ مےٚ'' تمی سوٗنٛچ '' تہٕ ہرگاہ یہ ہنٛز
یژھَن تیلہِ کرٕ اہ زیادٕ روپیہِ میلَن مےٚ'' تہٕ وۄنی ییٚلہِ نیرنُک وَقت ووت مُلکہ گژھ
گوڈنٕتھ جہازَس تہٕ اَمِہ پَتہٕ ییٚلہِ تَس پَتہٕ پَتہٕ بادشاہ تہٕ تہنٛد بۄ دۄیَو نِچوٕ بو کھسُن ہیوٚت
تہٕ أتھی منٛزٕ ڈِ تم کینٛژ وطاقتور مُشٹنڈٕ ویم ژکہِ جہاز رانَن روپیہ دِتھ پھسأوِ تہٕ اُکر
تہٕ چیٚر تھپھ کرِتھ رٕ ٹِکھ جہازس کھسنہٕ نِشہِ پَتھ یوٚت تانی زَن جہازٕ پوٕ رسمندرس منٛز
وۄت۔ ملکہ ییٚلہِ پَنٛن خانہٕ دار تہٕ نِچوٕ ی زٕ أتی پیٹھ وُچھ تمہِ ژھچہ وَدَن باکہٕ۔ تمہِ دِلٕ
بُتھہِ بُتھہِ پَلو ژٕٹن تہٕ انتہأیی دۄکھس منٛز دِژن پان جہازَکس فرشَس پیٹھ دأرِتھ تہٕ
أخرَس گوس غَش۔ یہِ اوس اَکھ زبوٚڈ غش تہٕ یُدوَے جہاز رانَن أمِس ہوشہِ انٛنہٕ
خأطرٕ وارِیہہ طریقہٕ تہٕ ورتاوے مگر اکہِ گأنٹہِ کھوتہٕ زیادٕ وقتس روٗز سو تتھہٕ پأٹھی زِنہٕ

مورد اُس۔ پتھ لاگن ہیوٚتن واپس پھیرن۔ جہاز ران روٗدس خاص خیال تھاوِتھ اَمی ہِندِ خاطرِ کوٗرن رِتہٕ بسترک انتظام، سارِوے کھوتہٕ اصل کھین اوٗنس تہٕ سیٹھے نرمی سان کوٗرنس کلامہٕ مگر اتھ دزاونہٕ کانہہ مقصد اتھ کیا زِ ملکہ نہ وُچھ تس گن تہٕ نہ کرنس کتھ۔ یہِ روٗد کینژن دوہن تتھے پاٹھی چلان یوٚت تانی جہاز رانس ہمیشہ باپتھ اَمی ہِندِ طرفہٕ لوٗلکی تسلی گیہ تہٕ اَمہِ کٔر کوٗرن یہِ کتھ اراد۔

اَتھ جہازس منز اوس اکھ بارسۍ سوداگر تیمی ملکہ ہُند پزنہٕ پیٹھی حسن وُچھتھ تہٕ جہاز ران ہِندِ طرفہٕ کھاندر تجویزس دوہے اَمی سُند انکار بوٗزِتھ سوٗچ زِ یہٕ ماہمن یہِ مٔلی تہٕ زینہٕ اَمی سُند دِل۔ اَمہِ کٔر اَمی جہاز رانس اَمِس زنانہٕ عوض اکھ بٔڈ رقم پیشکش تہٕ سو آیہِ اَمِس سپرد کرنہٕ۔ سوداگرن کٔر سیٹھے اشتیاق سان تہٕ اَمِس وُچھان واشان یہِ خوش تھاوِنچ تہٕ اَمِس منز پننی مامے گنٔز راوِنچ کوٗشش تہٕ وارِ وارِ سپد سہ یتھ حدس تانی کامیاب زِ ییلہِ تَمی اَمِس دوٗن زِمے ہیٚژ کھ ژٔ اَکس بارِ رقمس مٔلی تہٕ اَمہِ کٔر پزی ژٔنے مے ستی کھاندر کرن مانن تمہِ دوٗنس تورِ دید وے زن ژٔنے تہٕ جہاز رانس درمیان یہِ سوداغار قونوٗنی چھُ تِکیا زِ جہاز رانس اوس نہٕ مے کنٔس کینہہ تہٕ حق تِکیا زِ یہٕ ما اَسس تسنٔز تہٕ کرِتھ تہٕ چھُکھ ژٔ مے پسند تہٕ کر ژٔنے ستی کھاندر ہرگاہ ژٔ دوٗن وٚریین پژارن مانگھ تہٕ ہرگانہٕ اتھ وقتس دوران مے پنٕن خانہٕ داریا شُری واپس میلِہ۔" سوداگرن موٗنس تہٕ روٗد خوٗشی سان وومید رٔچھتھ یہِ وقت پوٗرِ سپدنس پژاران۔

ہُپارِ ییلہِ جہاز نظرو دوٗر گیاو تہٕ ہُمو کریہ ہِندبو نفروتژ اوے بادشاہ تہٕ

تِسٕندِی نیچوِی ییلہٕ۔ وۄنۍ ہرگاہ بادشاہَس انتقام ہیٚنٛج یژھ تہٕ آسہٕ ہے مگر اُتھ اوس نہٕ فأیدالھذ اپھیوٗ رسہ اَتہٕ پوٚت تہٕ دژ اواتہٕ سبٹھاہ تیزتہٕ سبٹھاہ دۄر پننہِ نیچوِی ستی ہیٚو تِمس لرِ دَوان دوان وَدان تہٕ رِوان اُسی۔ تتھہٕ کنہ ووت سُہ اَکِس آرس نِش یُس زیادٕ سۄن اوسنہٕ مگر آب اوسُس ہکہٕ پکان۔ بادشاہ اوس آرس اپور یژھان ترٛاوُن مگر اتھ اوس نہٕ کانٛہہ کَدلا تہٕ نہٕ اُس اَتہٕ کانٛہہ ناو تہٕ اوے کنہ پوتُس اَمہٕ منٛز ترٛاوُن وار یہہ حبسہ حبسہ کھور تُلتھ تۄرسہ اَکھ نیچو ہیتھ وارٕ پأٹھی اپور تہٕ وۄنۍ اوس دۄیم تارنہٕ خأطرٕ واپس ترٛان تہٕ اَتھی منٛز اوٗن تَس آبہٕ مَلرٕن ٹاس تہٕ سُہ آو آبس تَل پھۄٹ۔

ییلہٕ یمن لڑکن یہٕ فکرِ تۄر زِ یہٕنٛد مول گوو اَز جان تہٕ یمو کری وۄدۍ وۄدۍ چھورٕ۔ یہٕنٛز پانہٕ وأنۍ جُدأیی تہٕ اُس بیٚیہ ہن دۄ کھۄک وَجہ۔ یمو منٛز اوس اَکھ آرٕ اَکہٕ انٛدٕ تہٕ دۄیم بیٚیہ انٛدٕ تہٕ اَکھ اَکس نِشہٕ واتنٕگ اوسُکھ نہٕ کانٛہہ ذریعہ۔ یمو دِژ اَکھ اَکِس کربکہ تہٕ دہ کھہٕ ہتی رۄدۍ گراہور تہٕ گرایور کران یوٚت تانۍ تِم ژھیٚنٛتھ تہٕ لۄستہ نِنٛد رِہیٚتِن پیٚنٛز زِ اَتھی منٛز ووت اَکھ گاڈٕ ہأنٛز پننہٕ ناوِ منٛز اوٗتتھ۔ یمن لڑکن ہنٛز یہ زبردست تکلیفٕ چھ حالتھ وُچھتھ تُلی تِمی یِم دۄنوٚے ناوِ منٛز تہٕ پرٛژھنکھ تۄہی کم تہٕ کینٛدی چھو۔ تمو وۄنہس تہٕ سأرُی یہ یمن ستی سپُد مُت اوس۔

ییلہٕ تمی کٕ یہٕنٛز یہ دٔلیل بوٗزتہٕ وۄننکھ "تۄہہٕ چھو نہٕ مول یا موج تہٕ نے چھو کانٛہہ شُر۔ تُنیٔ پأٹھی سوٗزِ وتۄہی خدایَن مے نِش۔ تۄہی بنِو امیأنۍ شُری، گاڈٕ ہیچھور تہٕ نہٕ رۄزِ زِ میأنس گرِس منٛز؟" ظأہر چھُ زِ بچأری گئے کانٛہہ دوست تہٕ چھپن جاے میلنہٕ کنہ

سبٹھاہ خوش۔ "ژٕلو۔ بہٕ رچھو پالوتو ہی" ناوِ منٛز وأنِتھ أکس نکھہٕ تلہٕ بکس گرٕس ژٕنن پکان پکان وۄنُکھ أمی گاڑِ ہاتُکہ سبٹھاہ مہربان پأٹھی۔ لڑکہٕ رۄدِس خوشی سان پتہٕ پتہٕ پکان تہٕ ژاے گاڑِ ہاتُکس ہندِس گرٕس منٛز۔ییلہِ تمو أمی ہنٛز گرٕ واجنٕی ۄچھ تم گےٚ زیادٕ پہن خوش تِکیاز سو سپٕز تمن سبٹھاہ مہربان تہٕ تم زأنن برابر پننی شُری ہوی۔

یم زٕ لڑکہٕ رۄدی وۄنی تُوس گرٕس منٛز شاندار پأٹھی پلان۔ یم گےٚ سکوٗل تہٕ سبٹھے کم وقتس منٛز ہیوٚ چھکھ تہِ سورُے یہِ ماسٹریمن ہیچھناوِتھ ہیوٚک۔ أمہِ پتہٕ لوگ تمو پنہٕ نِس مونکتہٕ ماأِلس مدد کرُن تہٕ سبٹھاہ کم کالی بنے سارِوے کھوتہٕ زیادٕ سرگرم تہٕ تجربہٕ کار گاڑ رَٹن وألی۔

تِتھہٕ پأٹھی أسی یم دہ ہا دہ ہا گنٛدان زِ أتھی منٛز گُرٕ أکھ بۄڈ بۄڈے گاڑا آرٕ ڈنٛدِس پیٹھ تہٕ پتہٕ تِیچ نہٕ واپَس آبس منٛز ۄسی تھے۔ گامُک پرٕ بتھ کانٛہہ نفر گو أمس بچہ گاڑِ وُچھنہِ تہٕ الہِ پلہٕ ژٕتس پرٕ بتھ أکی چھلا چھلاتہٕ ہیٚن گرٕ۔ کینٛہہ ونزدیکی گامو پیٹھہٕ تہٕ گےٚ کینٛہہ لۄکھ أمس وُچھنہِ خأطرٕ تہٕ یمو منٛز اوس أکھ کرال تہٕ تمی ہنٛزٕ زنانہِ اوس أمس بچہ گاڑِ متعلق بوٗ زمت تہٕ توے اوسُن أمس زور کوٗ رمُت زِ ژٕ تہٕ گوھہ تہٕ أن أمی ہندِ منٛز کینٛہہ ھا۔ لہذا گو سُہ تہٕ یدوَے زٕن ژیرتہِ اوس گوٗمت۔ اوٗت وأتتھ وُچھنہٕ أمی أتہٕ ٔکہنی تِکیاز ساری أسی اوٗت تِتھہ تہٕ وُچھتھ واپس دراٗمتی۔ کرالن ٲس پانس ٔستی أکھ مکٕ تہٕ تُجمرٕ تِکیاز تمی اوس سوچمت زِ أمس ما آسہِ کرٕنٕوتیوٚت موٗٹ زِیہِ ژٕنہٕ موکھہٕ پینہٕ امیک ضرورت۔ تِتھےٚ تمی گوڈنیکےٚ دَب ترٕ وو گاڈِ منٛز آیہِ أکھ آواز زنتہٕ کانٛسہِ دَگ ٲس۔ کرال گو سبٹھاہ حأران۔ تمی سوٗنچ زِ "شاید ما چھُ گاڑِ جن پرٕ بکس۔ بہٕ گرٕ

بیٚیہِ کوٗشش'' امہِ پَتہٕ وول اُمی بیا کھ دَب۔ بیٚیہِ آیہِ گاڑِ منٛز آواز یوٚسہٕ ونان اوٚس''
چھُس ئہ! یہِ چھُس ئہ'' یہِ بوٗزِتھ سوٗنچ کرٛ اَلَن ''مگر یہِ چھُنہٕ جن باسان بلکہ چھےٚ
عام انسانہٕ سنٛز آواز۔ ئہ ژٕٹہِ وارِ وارِ گاڑِ ماز۔ ئلی کمن تہِ اَمہِ منٛز کاشُہہ غریب دوکھ
انسان لوٚب۔'' تِمو لوگ ووٗنی احتیاطہٕ سان ماز ژٕٹن تہٕ اُتھی منٛز دڑا وانسانہٕ سُنٛد کھور
پَتہٕ درلیہِ زنگہٕ نَنہِ تہٕ پَتہٕ جسم تہٕ پَتہٕ کلہٕ سائلم سَرِ تھٕوُت۔ ''شُکر۔ شُکر خدایس گُن'' تِم
دِژ زورِ کربکھ ''یہِ چھُ ژُنہٕ زنٛدٕ ے'' اُمی نوِیہِ نفر سبٹھاہ وُزھہِ سان گرِ تہٕ اور داُتھ
کوٚرُن اُمِس ٹھیک کرنہٕ خاطرٕ تہِ سورُے یہِ اُمِس طاقت پییٚل۔ وٗلی وٗلی زولُن
الاو تہٕ چاے تہٕ شوربہِ دِتُنس۔ کرال تہٕ کراج گیہِ سبٹھاہ خوش ییٚلہِ تِمو وُچھ زِ یہِ
پھیوٚر رواپس دُنیاہس کُن۔

کینژن ریتن روٗدیہِ ازاُنی نفر یمنہٕ رِتین لوٗکن نِشہِ تہٕ ہیوٚچھن بانہٕ، تارِ
باتہٕ چیز۔ کتھہٕ پاٹھی چھِ بناوان تہٕ روٗد یمن سبٹھاہ مدد کران۔ اُتھی منٛز سپدِ یہِ زانہہ
مُلکُک بادشاہ گوو مرِتھ (تہِ کیازِ بادشاہ تہِ چھِ باقین انسانن ہنٛدی پاٹھی مران)۔ تہٕ
اَتھ مُلکس منٛز اوس لوٗکن اندر یہِ رسم زِ تِم اُسی تِمی سے پَتُن بادشاہ بناوان ییٚس
گُذریمِتس بادشاہ سُنٛد ہوٗس تہٕ شاہپاُز ژارِ ہے۔ لہٰذا آو بادشاہ سنٛدِس مرنس پتھ
ہوٗس پوٗرِ مُلکس منٛز پکناونہٕ تہٕ شاہپاُز تہِ روٗد نوٗس بادشاہس ژھانڈنہٕ خاطرٕ یپارٕ
ہُپارٕ تہٕ پرٛتھ طرفس کُن وُڈان۔ اَتہِ اوس اَمہِ بڑ وٗنہہ تہٕ لی سپدان آمُت زِ یُس
بڑ وٗنہہ کنہٕ تہِ ہوٗس نمہِ ہے تہٕ یسٕنٛدِس اَتھس پیٹھ شاہپاُز وَسہِ ہے سُہ اوس خدائی طور
ژارنہٕ آمُت ماننہٕ یِوان۔ لہٰذا گوو ہوٗس تہٕ شاہپاُز پرٛتھ جایہِ تہٕ تِہنٛدِس اُتھ

پھیرنس دوران وأتی یم کزالس تہٕ کراجہٕ ہنٛدِ گرٕ کنۍ یمو اُمس بچأرِس ازأنس یُس زَن گاڑِہندِ شکمہٕ منز دزٕ اُمت اوس مہربان سپدِ تھ چھپِن جاے اُس دِژہمو۔

یہٕ سپُد اتفاق زِ تتھے یم اپأرکۍ دزاے یہِ ازأنۍ اوس درواز س پیٹھ ووڈنۍ۔تہٕ ڈچھو۔ تتھے یہِ ہسۍ تہٕ شاہپأزن وُچھ تہٕ تتھے نمیٚاوا کھ اُمس بڑ وٚنہہ گنہِ تہٕ بیٚاکھ بیوٚتھس اتھس پیٹھ۔

''یوہَے چھُ بادشاہ! یوہے گوو بادشاہ'' یم لوٗکھ ہسۍ تس ستۍ اُسۍ تمو دِژ اُمس ازأنس نمان نمان کریکھہٕ تہٕ کوٗرہس زار پارٕ زِ ژٕ پکھ اَسہِ بڑ وٚنہہ بڑ وٚنہہ محل خانس کُن۔

وزیروےیلہِ یہِ خبر بوٗزتم سپدۍ خوش تہٕ سبٹھے احترامہٕ دارے نوٗس بادشاہَس بُتھہِ۔تتھے بادشاہس تختس بیہناونکۍ سأری رسم تہٕ ریژ مکمل آے کرنہٕ تہٕ بادشاہَن لأج پننۍ کأم سنبھالنۍ۔گوڈنچی کأم یوسہٕ تمۍ کٚرسوأس یہِ زِ تمۍ انوو کزال تہٕ کرٕ منز زنانہٕ تہٕ تمن دِتِن کینہہ رقم تہٕ زمین۔تتھے کٚنۍ تہٕ باقٕے طریقو مالے انصافس پیٹھ منٛی فأصلہٕ،مناسب قونوٗن تہٕ یم لوٗکھ رٕتی تہٕ دانا اُسۍ تمن ستۍ مشورٕ کرٕنۍ وغأرٕ کنۍ گوو پزٕ بتھ شخصہٕ ہندِس ذیہنس منز تمِس متعلق نیک ظون تہٕ پزاُدکھ سبٹھے خوشحألی۔وۄں گوو کینژٕ ریتی گوو سٕہ صحتہٕ کنۍ کمزور تہٕ لوٗکن متعلق تمۍ سُند زیادٕ وُچھن داشن گوو تس بار تہٕ اوٕ کنۍ وۄنس دربأری حکیمن زِ ژٕ آس نبر کُن ورزش کٔرِتھ آرام ہیٚو پانس دِوان۔گنہِ وِزِ اوس وۄنۍ بادشاہ گُری سوأری کران،گنہِ وِزِ تیر اندأزی تہٕ گنہِ وِزِ اوس گاڈٕ شکارس گژھان۔وۄں گوو تمِس گیہِ زیادٕ پہَن گل گاڈٕ شکارس کُن۔یہٕ زأنتھ آوا کہٕ دوہہٕ

أمِس نِشہِ اَکھ گاڈٕ ہاوُن تہٕ وَوٕنُس ''بادشاہ سلامت۔ توٚہۍ کٔرِو تو مہربٲنی یہِ گاڈ کٔرِو تو قبوٗل یوسہٕ مےٚ ازاتھ لٔج۔'' بادشاہ سپُد یِیہٕ بڈٕ گاڈٕ وُچھِتھ خوش تہٕ پرٛژھنَس زِ ژٕ کتھہٕ پٲٹھۍ رٔٹ تھٕ یہِ گاڈ۔ گاڈٕ ہاوُن سمجھوو پننہِ بتھ کینہہ بادشاہ تہٕ اُمۍ سُند یہِ عِلم، دلچسپی تہٕ اُمِس نِش یِن وغارٕ وُچھِتھ گووہِ بادشاہَس بڈٕ پسند تہٕ حُکم دِیُتنَس زِ ژٕ روٗزی زِ تیار۔ یِتھ اُسۍ کُنہِ تہٕ وِزِ یکہٕ وٹہٕ گاڈٕ شِکارَس گژھو۔ یِتھ زن سُہ (بادشاہ) اَتھ متعلق پننہِ بتھ کینہہ ہیچھِ تہٕ یِتھ لایق بنہِ زِ سُہ ہیکہِ ژٕ تہٕ بڈٕ گاڈ رٔٹتھ یِیہٕ زَن تَس وٕنی پیش اُس کرنہٕ آمِژ۔

''بادشاہ سلامت۔ توٚہۍ چھِو سٕبٹھاہ رٕتی تہٕ سخی تہٕ یہِ کینژھا توٚہۍ حُکم چھِو کران تہٕ چھِ سٲری لُو کھ صحیح، مناسب تہٕ منصفانہٕ مانان۔ مگر اَکِس رَژھِہ بوٗز توٚمے غلامہٕ سُند یہِ عرض۔ مےٚ چھِ گرَس منٛز زٕ نیچوٕ یِم میانہِ کھوتہٕ زیادٕ طاقتور تہٕ چالاک چھِ۔ ہرگاہ تُہنٛد حکم آسہِ تہٕ بہٕ کرٕ یہِ کٲم زِ تِم آسَن ہر ہمیشہِ تُہنٛدِس خدمتس خٲطرٕ تیار بہ تیار آسان۔''

بادشاہَن موٗنُس تہٕ یِیلہِ تہِ سُہ گاڈٕ شکارَس اوس گژھان سُہ اوس تِمَن ہمیشہٕ پانس سٟتۍ نِوان۔ تہٕ نتیجہٕ کِنۍ گیہِ یِمَن لڑکن تہٕ بادشاہ صٲبس درمیان اَکھ قربت دٔش پٲدٕ۔ بادشاہ صٲبس تہٕ گنیِہ یِہنٛز ژٕرِ ے گَل تِم اُسۍ تیٚتی تیز، دانا، خوبصورت تہٕ رٕژ تہٕ چھیکرَس کوٚر تِمۍ فٲصلہٕ زِ تِم گژھَن یِتھٕ پٲٹھۍ تِمَس نِش آسنۍ یِدوَے سُہ کینہہ تہٕ آسہٕ کران۔

اَتھۍ موقعس پیٹھ پیوٗ اَتھ مُلکس منٛز سُہ سوداگر تجارت کرنہٕ خٲطرٕ وٲتِتھ تِم

تِمس غریب بادشاہ سِنز آشنی مُلی اُس ہیئو ہوئیس متعلق یہِ خیال اوس زِ سُہ پھوٹ آبس۔ سُتہِ گوو بادشاہَس سےتی ملاقات حاصِل کرنس منز کامیاب تہٕ تم وۄن پنن سوٗرے سامانہٕ تہٕ قیمتی لال بادشاہَس برٛونٹھہ کنہِ۔ بادشاہ گوو یہِ عجیب خزانہٕ وُچھتھ حأران تہٕ پرٛژھِنس یِمن چیزن تہٕ تِمن مُلکن متعلق ییٚتہِ اُکی یِم چیز مُلی اُسی اٲنی متی وار یہہ سوال۔ سوداگرن وۄن اُمس پرٛبتھ کینژھہ تہٕ موٗنگنس اَتھ مُلکس منز تجارت کرنک اجازت تہٕ بییہِ موٗنگنس پنُن تحفظ۔ بادشاہَن کوٚر زوٗلی ژٕلی سوداگرسُند درخاس منظوٗر تہٕ حُکم دِتُن زِ کینژن سپاہَن گژھہِ فورن اُمس سےتی روزنہٕ خاطرٕ وَننہٕ یُن تہٕ تتھہٕ پأٹھی گژھہِ یہِ نظام چلُن زِ تِمو منزٕ گژھہِ اَکھ ہر وقتہٕ سوداگرسِندِس صحنس منز پہرٕ دِنس پیٹھ روزُن۔ تِم سوٗزی اکھتے گاڑٕ ہانٛزٕ ہِندی زِ نیٚوی تہٕ سوداگرسِندی بے حاطس منز شوٗنگنہٕ خاطرٕ۔

اکہِ رأژ آیہِ تہٕ یِمن دۄن بارٕنبن کمہِ تانی وجہ کِنی ہِندٕرے تہٕ لوٗکٹی ہوی وۄن زِٹھس بأیس زِژٕ وَنمےٚ دٔلیل۔ یتھ زن یتھ موقعس زندگی ہُش باسہِ تہٕ زن چھُ تِلہِ ژانگہِ کس پرزلوٗنس گاشَس منز فقط لرٕ ترٛاوِتھ روزُن یوٗ ہے مصیبتا ہیوٗ باسان۔ زِٹھی بأے وۄنُس ”اِدسایہ وَنے ژےٚ پننی تجربہٕ“ تہٕ لوگُن وَنُن:

”اکہِ وقتہٕ اوس اَکھ بارسہٕ، دولتمند تہٕ عالِم بادشاہ مگر تِمس اوس سخت فخر۔ امی فخرٕ کِنی ووت سُہ بچور انتہائی تباہیہِ تہٕ مصیبتَس۔ اکہِ دوہہ دراو سُہ پنُن فوج ہیتھ تہٕ باقے بادشاہن دِتُن ہُس زِ اگر چھو طاقت تہٕ گرِومےٚ سےتی جنگ۔ اَکھ بوٚڈ تہٕ طاقتور بادشاہا آو اورٕ تہٕ ہارنوون یہِ۔ ہورُمت بادشاہ ژوٚل یہِ وومید ہیتھ ہِنٛز زنانہٕ تہٕ

نیچوی زِ ہیتھ سمندرس کُن زِ اَتہٕ میلہِ کاثہہ جہازٕ یَتھ مژسُہ تہٕ تسُند عیال کھسِہ تہٕ اَتہٕ دُاُر
گُنہِ بدل مُلکس واتَن تہٕ تٔتی مُشراون پنٕنٕز تکلیف۔ کینٛہہ میل پکنہٕ پتہٕ وٲتی تِم سمندر
بٹھِس پیٹھ تہٕ لوٚبکھ اَکھ جہاز یُس نیرنس تیار اوس۔ مگر اَمیُک جہازران دزٛا وکمینہٕ۔
تٔمی کھاج خوبصورت ملکہ جہازس تہٕ ییٚلہِ بادشاہ تہٕ تٔمی سٕندیو نیچویو جہازس ہیوٚت
کھَسُن تِم رٕڈ کینژ ونفرویم ژکہِ جہازرانَن پھسأوی ءتِ اَسی توٚت تانی جہازس کھسِنہٕ
نِشہِ یَتھ یوٚت تانی یہِ جہازٕ نظروتہٕ ڈٕول۔ واے یہِ کٔیتھ کرٕوٚتھ وقتا اوس اَمہِ ساعتہٕ
بچأرس بادشاہَس خأطرٕ۔ سُہ گُس دوکھہٕ ہوٚت دِل ہیتھ دزٛا واَتہٕ پنٕنٕز نیچوی ءستی ہیتھ۔
سُہ پوٚک وارِیَہہ میل تہٕ یہِ اوُسس نہٕ پتہٕ زِ گرٕ ھان کوٚت چھُ یوٚت تانی سُہ اَکِس
تیز پکوٕنس آرس نِشہِ ووت۔ اَتہِ اوس نہٕ اَتھ کاثہہ کٔڈل تہٕ نہٕ اَس کاثہہ ناوتمہِ کٔز
پیوٚتس امہِ مٔژی ترُن۔ تٔمی تُل اَکھ نیچُوتہٕ ووت ٹھیک پأٹھی اپور تہٕ پتہٕ پھیوٚر دوٚیم تارنہٕ
خأطرٕ واپَس تٔمس ڈٕول گُنہِ پیٹھہٕ کھورتہٕ سُہ ہیوٚ کنہٕ استادٕ رِتھ تہٕ نیوٚ تیز آبَن ڈٔہتھ تہٕ
تَنہٕ پیٹھہٕ نٔنیا ونہٕ تسُند کہٕنٕز تہٕ ژہبگکھ یِمَن دٕون لڑکن ہٕژٕ حالژ ہُنٛد اندازٕ کٔرتھ۔ یہِ اَس
راتھ تہٕ یِمَن نہٕ اوس کھیمن تہٕ نہٕ دُرُن ووتھرُن نہٕ اوسکھ پتاہ گرٕھُن کوٚت چھُ تہٕ نہٕ یہِ زِ
اَسی کتھہٕ کٔنٕز واتو اَکھ اَکِس نِش۔ خأرپتہٕ آولیأری اَکھ گاڈٕ ہأنٛز ناوہیتھ تہٕ یِم زٕلڑکہٕ
ییٚلہِ تٔمی وُدان وُچھ تہٕ تٔمی کھأیی تِم پننہِ ناوِ تہٕ پتہٕ نِین پنٕن گرٕ۔ تِم گٔاس وارِیَہہ ٹأٹھی تہٕ تی
تسٕنٛزٕ زنانہِ تہٕ۔ تِتھہٕ کٔنٕز بنے تِم یِمَن ہٕنٛدی زنتہٕ مول تہٕ موج۔ یہِ سپد اَز بٕزٕ وٕنہہ اَکھٕزٕ
دٕری تہٕ یِمَن لڑکن چھِ سأری وٕنی گاڈٕ ہأنٛزٕ سٕندی شُری مانان۔ میانہِ بایہِ۔ اَسی چھِ تِم
زٕلڑکہٕ! تہٕ یِہَے چھےٚ میأنی دٕلیل۔"

ڈلیل اُس سبٹھاہ دلچسپ تہٕ اَمیک انجام تہٕ اوس حیرت ناک۔یتھ زِلوٗگٹ ہیٖ بوے اوس وۄنی پۆرٕ ہُشار۔اَمہِ کہِ وننکہِ لٔد ازٕ کِنہٕ تہٕ اوس بے سُند توجہ پۆرٕ پاٹھی پانس کُن پھرمُت۔سوداگرن تیمس زنانہٕ سٕتیٚ کھاندراوس گرُن سو تہٕ اُس اَمہِ وِزِ ہُشارٕ ے تہٕ تٔمی سُند کمرٕ تہٕ اوس اُتھی وانس سبٹھاہ تَنہٕ مواد سٕتیٚ گنڈنہٕ آمُت تہٕ تٔمہٕ یُوٗ زیٚہ سائلم اپارٕ گنہٕ۔تمہٕ سوٗچ پانسے سٕتیٚ "ضرور گوٚھن یم زلڑکہ میاٗنی نِچوی آسن۔"

وۄنی اُس سو یمَن نِشہٕ آمُت تہٕ اُسکھ مختلف سوال پرٕژھان۔یمَن دۄن ۆری ٚن یا اَمہِ ہریمانہٕ وقتس منز اُس یمَن دۄن بارٕین وارِیہہ فرق آمُت مگر اَتہٕ آسہٕ ترٕژھہٕ کینژھہ نشانٕیہ یمہٕ نہٕ ماجہٕ ہنٛدِ یادِ وۄترِ منزٕ ہٕتس ۆری یَس تہٕ مِٹاونہٕ یہٕن۔یمو تہٕ بیٚیہٕ تٔمو جواب۔کُنہٕ یمہٕ تمہِ یمَن نِشہٕ رٔٹی سَپُد تَس یقین زِ تمہِ لٔبی دُبارٕ پنٕنی شُری۔یام تمہٕ یم نالہٕ مَتہٕ رٔٹی تہٕ تٔمس وَژھہٕ اوٗش دَدرایہ تہٕ وۄننکھ زِ بٔے چھُس سو ملکہ،یعنی تُہنٛزٕ موج یَس متعلق تۆہی وۄنی کتھہٕ اَسو کران۔

تمہٕ وۄن تمَن تہٕ سائلم یہٕ تَس تَنہٕ پیٹھ پیش اوس آمُت یَنہٕ سو یمَن نِشہٕ ژھینہٕ اُس گمُت۔کتھہٕ کِنہٕ اُس سو جہاز راٗنَن یہٕ زانٛتھ امیر سوداگرس کِنہٕ مۆژ زِنہٕ سَپِد ہےٚ نہٕ زٕنہے تہٕ یَتھ منز کامیاب زِنہٕ کیاہ ہیکہٕ ہے اُمس سٕتیٚ کھاندر کٔرتھ۔یہٕ سوداگر تہٕ کتھہٕ پاٹھی اوس اُمس پیٹھ مہربان سَپُد مُت تہٕ پُرٕژ کِنہٕ اوس اُمس محبت کران تہٕ بیٚیہٕ یہٕ زِیہٕ اوس پُرٕژ کِنہٕ چالاک تہٕ دولتمند آسنس سٕتیٚ سٕتیٚ اَکھ رُت شخص۔بیٚیہٕ وۄننگھ زِ سو،کتھہٕ پاٹھی اُس سو چان زِ سو ہیکہٕ نہٕ زانٛتھہ وۄنی پَنہٕ نِس خانہٕ دارس یعنے تُہنٛدِس ماٗلِس سمکھِتھ تہٕ اوسُن اُمس سوداگرس سٕتیٚ زٕ ۆری ادا سپد نہٕ پَتہٕ کھاندر کرنک وعدٕ کوٚرمُت

تہٕ یتھ ووٚنی محض ترٚے دوہ باقٕے چھہ۔ تمہِ ووٚنُکھ پتہٕ زِ تس پھٕنہٕ یہِ سوداگر تیوٚت تہٕ پسند زِ اٚمِس ستی کیاہ کرِ کھاندرتہٕ اَوٚ کٔنہ چھےٚ سو یژھان زِ سو بناوِ کاٚنہہ تیٚتھ نقلی منصوبہ یُتھ اٚمِس نشہِ تھپھ ہیکہِ ؤتھتھ۔ "تہٕ منصوٗبہٕ چھُ" تمہِ ووٚنُکھ "زٔبہ دِمہٕ سوداگرس یہِ باس زِ توہہِ ہیٚز ومےٚ ستی گستاخی کرٕنی۔ بٔہ ہاوِ زِمےٚ چھُ سخت شرارت تہٕ تٚمِس دِمہٕ نہٕ توٚت تانی سو کھہِ بیٚہنہٕ یوٚت تانی نہٕ سُہ بادشاہَس نشہِ گژھہِ تہٕ تُٚمِس ونہِ زِ یَمِن دِزا۔ بادشاہَس تہِ کھسہِ شرارت تہٕ سوزِ یو توہہِ نادتہٕ کرِ یو معاملس متعلق پرٕژھہٕ گاٚر۔ جوابس منٛزٕ ؤنی زِ یو توٚہۍ زِ یہِ چھُ محض اَکھ مُغالطہٕ تہٕ سو چھےٚ اَسہِ بلکُل پٔنٛنی موج ہش باسان تہٕ اَمہِ کِس شبٔتس منٛز کرِ زِ یو توٚہۍ بادشاہس زارِ پارِ زِ تُٚمِس سوٗ زِ و توٚہۍ نادتہٕ انتاوِ یوٚن یِیٚ رکٔ۔ بٔہ کرِ اوروٲتتھ تھٕندِس دٔنس تصدیق پتہٕ کرِ بٔہ اعلان زِ توٚہۍ چھومےٚ پٔنٛنی نیٚچوِ تہٕ بادشاہَس کرِ درخاس زِمےٚ دِیوٲمِس سوداگرس نشہِ رہاسَپدنُک اجازت یتھ بٔہ زندگیہِ ہٕندِ بن باقٕے دوہَن توہہِ ستی روٗزِ تھ کُن تہِ گژھہٕ۔

نیٚچوِ کوٚرہَس اَتھ اقرارتہٕ دوٚیمہِ شبہٕ ییٚلہِ سوداگرتہِ اٚتھی احاطس منٛز شوٚنگِتھ اوس تہٕ اَمہِ زنانہِ ٹُل سخت ہُے یُتھ زِ پرٕ بتھ کاٚنہہ اَتہِ ہُشار سَپدٕ۔ سوداگرَن پرٕژھُس زِ یہِ کیاہ معاملہٕ چھُ۔

"یمو دو یوٗلڈکو یم ژنےٚ پتہٕ وانس منٛز ژاٚے کرمےٚ ستی دست درازی ہٕنٛز کوٗشش تہٕ توٚےٚ ٹُل مےٚ شور یُتھ زَن یم پوٚت ہٕمن۔"

یہِ بوٗزِتھ کھوٚت سوداگرس زبردست شرارت۔ تٔمی گنٛڈی فورَن یم زٕلڑکہٕ تہٕ تِتھےٚ تُٚمِس بادشاہس سمکھنُک موقعہٕ میوٗل تہٕ تُٚمی واتناوِ یم تَس برٕ وٚنہہ کُن تہٕ کرٕنس

یِمہِ کتھہِ ہنٛز وضاحت زِیم اَتھ حالس منٛز پیش کرنک وجہ کیا چھُ۔

''توہہِ کیاہ چھُ پننہِ صفائی منٛز وَنُن؟'' بادشاہَن پرٛژھ ''تکیاز برگاہ یہ پوٗز چھُ تیلہِ دِمہٕ بہٕ توہہِ دوشوٕنی مارنہٕ ینٛک فورَن حُکم۔ تِمن سارنے مہربانین تہٕ سہوٗلیژن ہنٛد چھامےٚ یوٚہے بدلہٕ یِمہٕ مےٚ توہہِ ستیٚ ورتاوِ۔ ؤنو جلد جلد توہہِ کیا چھو وَنُن۔''

''بادشاہ سلامت۔ اَسہِ پیٹھ احسان کرن وٲلی۔ اَسہِ چھنہٕ تُہنٛد کلامک تہٕ تُہنٛدِ اَمہِ ترٛلیہِ دُچھنک کہنٛہ تہٕ ڈر تکیازِ اَسی چھِ تُہنٛدی پرٛژ غلام۔ اَسہِ چھُ دوہہٕ تہٕ بھروسہٕ یُس توہہِ اَسہِ پیٹھ کوٚر مُت چھُو بلکہِ چھےٚ ہمیشہ سأنی یہ کوٗشش زِ اَسہِ ییٚت طاقت چھُ تیٚوٗت کرَو اَسی تُہنٛزِ خاہشہِ پوٗر کرنٕچ کوٗشش۔ یِمہِ الزام اَسہِ سوداگرن دِژ ہتی چھِ تِم چھِ غلط۔ اَسہِ گرنہٕ اُہنٛزِ آشنہِ ستیٚ دست درازی ہنٛز کوٗشش بلکہ چھےٚ سو اَسہِ ہمیشہِ پنٕنی موج وینٛز ہرش۔ توٚہی گری تو مہربأنی سو خوتون اناوِی تون یلا وِتھ تہٕ معاملس گری توٚ پوٗر پرٛژھہٕ گأر۔''

بادشاہَن دُیُت اجازت تہٕ یہ زنانہٕ آیہِ اَنہٕ ''یہ چھا پوٗز یہِ زَن سوداگر چےٚ چون سپدَن وول خانہٕ دار یِمَن دوٚن لٔڑکن متعلق ونان چھُ'' بادشاہَن پرٛژھُس۔

تَمہِ دِتُس جواب۔ ''بادشاہ صأب۔ یِم لٔڑکہٕ توہہِ سوداگرس مدتہٕ خاطرٕ دِژ ہتی چھوکھ تِمو چھےٚ پوٗرٕ حبسہٕ سان تُہنٛز خاہشہِ پوٗر کرنٕچ کوٗشش کرمٕر۔ مگر اوتر راتھ کیتھ پوٗز مےٚ تِہنٛز گتھ۔ زِیٹھ بوے اوس ہٕکنٕس اکس اَکھ ذٔلیل ونان۔ یوسہ اکہ پنہٕ نبن تجربن پیٹھ بنأوِمرٕ اُس۔ یہِ اُس اکس خودپسند بادشاہس متعلق یُس پانس

کھوتہٕ زیادٕ طاقتور بادشاہَن ہارنووتہٕ اَمہِ ۔کِنۍ ژۄل پننۍ زنانہٕ تہٕ شُری زٕ ہتھ سمندر کُن۔ اَتہِ ہیٚس جہاز رانَن پھنڈ کٔرتھ زنانہٕ تہٕ سوآیہِ سبٹھاہ دۄر علاقس واتناونہٕ یینہٕ تَس أکِس امیر سوداگرَس ستۍ گنڈنہٕ آو ییلہِ زَن جُلا وطن بادشاہ تہٕ أمۍ سٕندۍ زٕ نیچوٕ بدل اندس لگۍ یوٚت تانۍ تِم أکِس آرس پیٹھ وأتۍ ییٚتہِ بادشاہ آبس پھوٚٹ۔ یِم زٕ لڑکہٕ لُبۍ أکۍ ہأنزَن تہٕ یِم پأٹھِن نیچوی گژھۍ۔

تِم زٕ لڑکہٕ چھِ تو ہہِ بڑ وُنہہ کَنہِ تہٕ یٕہ چھُس پہنٕز موج یوسہ زِنہٕ آیہِ تہٕ سوداگرس بطورِ آشنۍ کِنہٕ آیہِ تہٕ تیٚمس وۄنۍ کُل دویہِ دۄہ أمۍ سے ستۍ لُسن بُسن چھُ تِکیا زِمے اوس یہِ وعدٕ کوٚرمُت زِ ہرگاہ أکِس خاص وقتس تانۍ یٕہ پنہٕ نِس ٹاٹھس خانہٕ دارتہٕ دۄن لڑکن سمجھتھ ہیچِس تیٚلہِ بَنہٕ یٕہ أمۍ سٕنز آشنۍ مگر یٕہ چھُسو تو ہہِ عرض کران زِمے کٔرِو أمِس نفرس نِشہِ آزاد۔ یٕہ چھَس نہٕ دُبارٕ کھاندر ییٚژھان کرُن تِکیا زِمے چھِ وۄنۍ پننۍ زٕ نیچوی۔ تو ہہِ تانۍ واتنہٕ خاطرٕ کٔرِمے یِمَن دۄن لڑکن ستۍ رٔلتھ یہِ چال۔

یوٚت تانۍ اَمہِ زنانہِ پننۍ دٔلیل ؤنِتھ أس موکلاؤ وُنِ بادشاہَس اوس سوٗرے بُتھ اوٗش ستۍ بَرنہٕ آمُت تہٕ أمِس سیوٚد تھٔر۔ وۄنۍ ییلہِ سُہ ہَنا ڈٔنجہِ آو سہ وۄتھ تخنہٕ پیٹھہٕ تہٕ أمِس زنانہِ تہٕ دۄن لڑکن کُن گژھتھ رٔٹن تِم وارِیہَس کالَس چیٚر نالہٕ مَتہِ۔ "ژٕ چھکھ مینۍ ٹاٹھ آشنۍ تہٕ تۄہۍ مینۍ شُری۔" تِمۍ دِژ کربکہِ "خدایَن سوٗزۍ نو تۄہۍ مے واپس۔ یٕہ یعنے بادشاہ، چون خانہٕ دار، تِہنٛد مول اوسنہٕ آبس پھوٚٹمُت تِتھہٕ کِنۍ تو ہہِ باسان چھُو بلکہِ اوسُس اکہِ بجہِ گاڈٕ بنگلو ومُت تہٕ اوسُس کینژَن دوہَن تِسۍ اند رِہتہٕ تُجٕ اَمہِ بلایہِ بُتھس کُن دوڑھ تہٕ یٕہ آس اَمہِ منٛز کڈنہٕ۔ أکِس کژ الَس تہٕ تِمۍ سٕنز زنانہٕ

آوےٚ پٔنٛڈ عارتہٕ ہیچھنو وہٕس پٔنٛن کار۔ مےٚ اوس وۄنی پٔنٛن روزگار کماونہٕ خاطرٕ یہ کار شروٗع ہیوٚ تمت گرُن زِ یٚیمہِ مُلکُک بادشاہ گُزریاو تہٕ ئہ آس ہٕمِس تہٕ شاہپأرِ سٕندِ ذریعہِ بادشاہ ژارنہٕ۔ ئہ۔ یُس وۄنی توہہِ برٛ وٕنہہ گنہِ استاد چھُ۔

پَتہٕ دِیُت بادشاہَن حُکم زِ ملکہ تہٕ تٔمی سٕندی زٕ لڑکہ وتنأویو کھ محل خانس منٛزٕ تہٕ تٔمی سمجھأوی تِم لۄکھ پٔنٛن سٕہ کرداریم اَتہِ سٕمیٚتی أسی۔ سوداگر آو شایستہٕ پأٹھی ملکہٕ منٛزٕ کڈنہٕ۔ یام یِم شہزادِ تیٚتی بالغ سپدی زِ مُلکس ہکہٕ ہٕن سنبھألتھ بادشاہَن دِژ یِمَن سأرے ذِمہٕ دأری۔ پیٚلہِ زَن سٕہ پانہٕ پٔنٛنہِ آشنہِ ہیتھ گتھ تانی خاموش جایہِ گۄہتھ رۄدتہٕ پٔنٛنی دوہ سکۄنہٕ سان گُذأرِن۔

(راوی: مُکند بابو۔ سوٚتھ سرینگر)



# زبارٕز

محل خانس منٛز اۄسی خوش پاٹھی دوہ گنٛذارن تِکیاز بادشاہَس اۄس زنانہٕ سبٹھاہ ٹاٹھ تہٕ سوتہٕ اۄسس تورٕ تیتھی کنٛز مارے بران تہٕ تہنٛدی شُری یِم دۄنوے لڑکہ اۄسی تم اۄسی رٕتی، داناتہٕ فرمانبردارتہٕ تِمن اوس نہٕ پننہٕ نِس مأٹِس ماجہِ برابر دُنیاہَس منٛز کانٛہہ اکھا باسان۔ تِتھِس گرس منٛز آسہِ ہے یِی خوشی۔ (مگر) تۄت تِتھی تام یِیٚت تأز یِمرازن پٔننی ہوٗنی یِمو منٛزٕ کانٛہہ اکھاے ٹھ اننہٕ خأطرٕ سۄزی۔

پٔز بتھ دوہہٕ صُبحاے اوس بادشاہ کینژَس کالس پننہِ آشنہٕ سیتی محل خانہٕ کِس اۄکِس درٕیچس پیٹھ بِہان۔ یَتھ دوارن تم واریہَس وقتس تِمن جاناوارن دلچسپی سان وُچھان اۄسی یِم پننہٕ نبن بچن خأطرٕ آنپہٕ اۄسی انان۔ اکہِ دوہہٕ وُچھ تِمو اکھ بدلے جاناوارا تونتہٕ منٛز کینٛہہ گنٛڈی ہتھ بیٚیس جاناوارس سیتی اۄٹِس کُن وُپھ تُلتھ یِوان۔ اَتھ متعلق زانٛنگ تجسُس آسنہٕ کنٛز دیٚیت بادشاہَن اۄکِس مُلازمَس کُلِس پیٹھ کھٔسِتھ یہِ تُنٛز راوٕنک حُکم۔ اَتہٕ نِنیاو زِٔز جاناوارس اۄس پٔننی مادٕ راُ وہٕ مرٕ تہٕ توٚے اۄسس دوٗز بدل سیتی۔ یہِ نوٗ مادٕ اۄس نہٕ اۄٹِس منٛز موجوٗد تِمن بچن ہِنٛدِ خأطرٕ کہنی تہٕ گرن یژھان یِم

نہ اُمس پَنٕنہِ اُسی اوے اوس تمہِ سوچمت زِ سو دیہِ یِمَن آنپہ بدلہٕ گُنڈی تہٕ تِتھہٕ کنہ وہ تھبس یموٗ نِشہِ تھپھ۔ تمہِ یَیلہِ یِ کوٗر بچن پٮ۪ٹھی ہٹمن گُنڈی تہٕ موٗدی۔ یِم سٲری اُسی اَتی موموٗ ماجہِ ہِنٛدِس جسمس پٮ۪ٹھ نظرِ گوٗھان۔

یَیلہِ بادشاہ تہٕ مُلکانہِ یہِ بوٗزتم دوشوٗے سپدی سخت غمگین۔ بادشاہَن پرٛژھ "یِی چھا اِنسان تہٕ کران یہِ زَن یِموٗ جاناوار وکوٗر۔"

ملکہ وۄنُس "آ۔ مگر سائنس معالس منٛز گوٗھہِ نہٕ یہِ زانٛہہ سپدن۔ میانہِ معشوقہ۔ مےٚ گر وَعدِ زِہرگاہ یہِ گوڑ موٗیَس ژِ گرٚ کھنہٕ بیا کھ ٲنتھر۔"

بادشاہَن وۄنُس "وولہٕ کڈ اتھہٕ یہِ چھسے ژےٚ سبٹھاہ وفادار یہِ سان یہِ وعدٕ کران زِیہِ گرٚ نہٕ زانٛہہ دوٚیِم ٲنتھر چاہے ژٕ زِنٛدہٕ آسکھ یا نہ۔ یُتھنہٕ سانٛہن یِمَن دۄن بچن ہِتی تیٚتھ کیٚنٛہہ سپدِ یہِ زَن یِمَن بچار بن جاناوار بچن ہِتی سپدِ۔"

اَمہِ ہِتی سپدِ مُلکانہِ اطمینان تہٕ برٛونٛٹھمہِ کھوتہٕ تہٕ ہُرےٚ لوگُن بادشاہَس لول برُن۔ اَتھ کیٚاہ وُنی زِ اَمہِ پتہٕ کیہہ کالی گیہِ مُلکانی مُرتھ۔ بادشاہَس سپدِ سبٹھاہ صدمہِ۔ کینٛژَس کالَس ہیوٚتُن لوٗگن باسُن زِیتہٕ گوٚژھنہٕ مرُن تِکیازِ سُہ اوس نہٕ اَمہِ غمہٕ ٹھاکھی ہِیوان۔ خار اُخرس تہٕ سندورکی تہٕ ہیٚتِن مُلکی معاملہٕ سنبھالنی۔ یَیلہِ وۄنی اَمہِ پتہٕ کیٚنٛہہ کالا گوٚو تہٕ اُمی ہِنٛدی وزیر درباری تہٕ کیٚنٛہہ بڈی موٗہنوی سمے تہٕ تِمو بادشاہَس ہِتی تِنٛدِ دُبار کھاندر کرنچ گتھ۔ یہِ چھُ اندازے زِ سُہ مانی راوُن اوس مُشکل تہٕ ناممکن۔ گوڑ گوڑ اوسنہٕ بادشاہ یِمَن گُن وُچھان تہٕ مگر تم تہٕ روٗدی اُمس پتےٚ تہٕ توٗت تانی تُجہٕ ہَس نہٕ تھپھ یوٗت تانی نہٕ سُہ مانی روٗد کھ اَتھ پٮ۪ٹھ سوچُن تہٕ اُخرس

کوٚرنگھ آنکار۔ وزیرِ اعظم ہنزٕ اَکس کورِ ہنٛدِ رشتہٕ آیہِ گتھ ٹلنہٕ یہِ سپز قبوٗل تہٕ پزٕ کھاندر۔

یوٗ ہے تہٕ اوس بد قسمتی ہُنٛد دوہ۔ نوِ مُلکانہِ گو وجلہِ ےدوٗن شہزادن ہُنٛد حسد تہٕ لاٚجن یمَن نسبت ژوے گرٕنی۔ تِم اَسی پننہِ کنہِ تَس خوش تھاوٕنچ کوٗشش کران۔ تِم ہنزٕ پزٕ بتھ خاہشہِ اَسی احترام کران تہٕ تَس نبرٕ اَسی نہٕ زانہہ تہٕ نیران مگر یہِ سائلم اوس بے کار۔ مُلکہ اَس تِمَن نفرت کران تہٕ سہ دوہ اَس کانچھان ییمہِ دوہہٕ تِم بُرٕ بار سپدٕ ہن تہٕ مُلک بدر یہَن کرنہٕ۔ سورۍ زتوٚت تانی نِباوان یوٚت تانی تمہِ زون زِ بادشاہ آومٕ اَتھس منٛز تہٕ سہ ہیکہِ میانہِ خاطرٕ کینٛہہ تہٕ گرٕتھ۔ اَمہِ پتہٕ لاٚج تمہِ شہزادن ہنٛز مذمت گرٕنی تہٕ لوگن یہِ وَنُن زِ تِم کیاہ کیاہ چھِنہٕ تَس وَنان تہٕ تسنٛز کانٛہہ کتھ تہٕ چھِنہٕ مانان۔ سورٕ کتھہٕ گرِ ہے تہُنٛد یہِ ورتاو برداشت ہرگانہٕ بادشاہ پانہٕ رُت تہٕ تَس مہربان آسہِ ہے۔ بادشاہَن ییلہِ یہِ بوٗز تَس کھوٚت سخت شرارت تہٕ فوراً دِتُن حکم زِ شہزادٕ گرٕھَن لوٚت میاٗٹھی جنگل ہٕنزٕ نِنہٕ تہٕ تتہِ قتل ہٕنزٕ کرنہٕ۔

یِمَن اوسنہٕ ماٗلی ہنزٕ گنہٕ تہٕ گتھہِ سوال کرنُک عادتھے تہٕ اوٕ کنہِ دژاے خوٗشی خوٗشی سان سپاہَن ہِتی۔ تِمَن اوسنہٕ ماٗلی ہنٛدِ اَمہِ ظاٗلم حکمُک کانٛہہ تہٕ عُلماہ بلکہ سوٗنچھ زِ سہ آسہِ یژھان زِ اَسی کروسواٗریاہ تہٕ بییہِ وُچھو جنگل۔ تہٕ ییلہِ وٕژنی یم اور واٗتی تہٕ سپاہو گجہِ تلوارٕ تہٕ ہیرٕ کھٕیمَن واینہٕ۔ یم سپدٕی حاٗران تہٕ فکرے اوسکھ نہٕ تران زِ کیاہ پزِ گرُن۔ تِمو دِژ کریکہٕ "ہے بھگوانہٕ۔ اَسہِ گر مدد۔" تہٕ تہُنٛد یہِ وَنُن سپد قبوٗل۔ فولادچہِ تلوارٕ بنییہِ ہچہِ ہنزٕ تہٕ سپاہَن ہنٛد بن سنگین دِلَن منٛز گو ورحم پاٗدٕ تہٕ تِمَن گو ونہٕ یِمَن

مارنک جرأت بُلکہِ ترأ وِکھ بیلہٕ۔

خداصابنس یَمن پیٹھ رحم کرنس پیٹھ شکرلنہٕ کران رُوٗد شہزادٕ پنہٕ ئمن گربن پیٹھ تیوٗت تیز دوران یوٗت تمن ممکن سپُد تہٕ کوٗرکھ یہِ عہد زِ أسی یموٗ نہٕ زانہہ تہٕ پنہٕ نِس مُلکس واپس۔ تم رُوٗد سیٹھاہ دوٗر تہٕ سیٹھاہ تیز ژلان یوٗ تام تم أکس ناگس پیٹھ وأتی یتھ شیشہِ ہیوٗ آب اوس تہٕ تموسونچ زِ اَتی کھمو کینہہ تہٕ آرام ہیوٗ تہٕ کرو۔ تمو کوٗریتہٕ طے زِ تم شونگن نہٕ اکے وقتہٕ دوشوٗ ے تکیاز یتھنہٕ کانہہ ڈاکو یا وحشی جانور یہِ تہٕ تمن تہٕ تہندبن گربن تباہ کرِ یانیہِ۔ لہٰذا شوٗنگ گوڈٕ یوٗ ڈیوٗ بوے تہٕ لوکُٹ بوے روٗد نظر گُزرتھاوِتھ۔ اَتھ دوران وُچھ تمی زِ جاناوارِ یوان یَمن سوڈٕ بڑ ورتہٕ بوڈٕ بڑ ورناو اوس تہٕ تم بیٹھی أکس نگہہِ تلہِ یکس کُلس پیٹھ تہٕ لاجِکھ پانہٕ وأنی کتھ کرنی۔

سوڈٕ براأری وونس ''وُچھ۔ ہتھ ناگس پیٹھہٕ کنہِ چھِ کُلس پیٹھ زِ بولبوش کرن وألی جاناوارژے چھیا پتاہ یم کمہِ قسمکی جاناوار چھِ۔''

بوڈٕ براأری وونس یورٕ ''آ۔ یم چھِ سیٹھے عجیب جاناوارتہٕ مےٚ چھُ یوٗزمُت زِ یُس اکھا تہٕ یموٗمنز أکی سُند ماز کھیہِ سُہ بنہِ بادشاہ تہٕ یُس دوٚیمہِ سُند ماز کھیہِ سُہ بنہِ وزیرتہٕ دُنیاہک سارِوے کھوتہٕ دولت مند شخص۔ تَس میلن پزِ بتھ دوہہ صُبحاۓ تتھ جایہِ یانس تلہِ کنہِ ستھِ لال ییٚتھ سُہ شونگتھ آسہِ۔ یَمن لالن ہنٛدِ مولُک ہیکہِ نہٕ اندازٕ کرِنہٕ تتھ۔

لوکٕٹی شہزادَن بیلہِ یمہٕ کتھہٕ بوزٕ سُہ سپُد سیٹھاہ خوش تہٕ فورَن لوٚیُن یَمن جاناوارَن اَکھ تپر تہٕ ماأرِن یم۔ تمی رٔنی یم دونوٚے جاناوار اَکھیوٚن پانس تہٕ بیٚاکھ

تھوٗن بأیس تہٕ سُہ تیتھے رِندِ روٗ تھ تہٕ کھیوٗن یہِ۔ دوٚیمہِ دوہہٕ ژھمس دژاے تم بڑ وٕنہہ کُن سفرس۔ وتہٕ پھولوکٹس بأیس یاد زِ تمس اوس قمچہٕ مُشتھیے گومُت تمس اوس یہِ قمچہٕ سخت پسندتہٕ اَمہِ موجب گووُسہ واپس یہِ اَننہٕ خأطرٕ۔ تمی لوٚب یہِ ناگہ بے نِشہٕ تہٕ ہیوٗتُن گرِ بیٹھہٕ یوٗن وَسُن تہٕ أکھ منز کھوٚت ناگہٕ منزٕ أکھ سَر پھ تہٕ دِژن اُمس کھورس ٹو پھ تہٕ سُہ پیو بےٚ ہوش سپدِ تھ أتی پٔتھر سُہ روٗ دکینژن گاٹن اُتھی حالتس منز۔

اَتھ دوران آو تمی سُند بوے پرٲرِ پرٲرِ تنگ تہٕ لوٗگن یہِ سوٗچ تھ بڑ وٕنہہ کُن پکُن زِ شام تانٛ ولتہٕ سُتہٕ مےٚ تانٛ۔ سُہ ووت أکِس شہرس منز یتہٕ حالے بادشاہ گُذریوٚمُت اوس تہٕ لوٗکھ آسی اُمی سُند جانشین ژارنہٕ خأطرٕ وسنس آمتی۔ باسان چھُ زِ تمن اوس أکھ رَسم زِ تِم آسی أکِس ہُسی تِس پتن بادشاہ ژارنہٕ خأطرٕ یلہٕ تراوان۔ یَس أکِس تہِ ہوٗس (بادشاہ) مانہِ ہےٚ تسی آسی لگھ تہٕ مانان باے سُہ امیر آسہِ ہے یا غریب، عالم آسہِ ہے یا جاہل، تہندِ ے مُلکک تہٕ زبٲنٛ ہُنٛد آسہِ ہے یا بدل کُنہِ مُلکک تہٕ بدل زبان بولن وٲل۔ یہِ ہوٗس اوس تمہِ ساعتہٕ گتھ دِوان۔ یلہٕ بوٗ ڈھیوٗ شاہزادٕ اوٗت ووٗ ت تہٕ اُمس وُچھتھے نمیاوُسہ (ہوٗس) اُمس بڑ وٕنہہ کُنہِ اَمہِ کِنٛز آو تمی سِنٛدِ بادشاہ بننک اعلان کرنہٕ تہٕ سُہ آو محل خانہٕ نِنہٕ۔

لوکُٹ ہیوٗ شہزادٕ سپُد ییمہِ طریقہٕ دُبارٕ زِنٛدٕ۔ ناگس نکھہٕ اوس أکھ جوٗگی روزان یُس اوٗت شبن رتن منز اکہِ پھرِ آبہٕ ہنانہٕ اوس یِوان۔ ییمہِ دوہہٕ سر پھن شہزادس ٹو پھ دِژ اَمی دوہہٕ اوس اُمس تہِ اوریُن۔ سُہ یلہِ اوٗت ووت تہٕ اَتہٕ أکِس نوجوان

سُنْد بے زُو جِسم وُچھِن تَس آو اَمی سُنْد سخت عار۔ تَس اوس پتاہ زِ یہِ چھُ ناگہٕ کِس سرپھہٕ سُنْد کار۔ اَمہِ کِنہِ پُرِ ژھیٖمی منتھر تہٕ ناگس ہو کھ آب تہٕ یہِ بلاے گَیہِ ظاہر۔

سرپھَن پرِژھُس "ژےٚ کیٛاز ہو کھر وُتھ ناگ۔"

"تکیٛاز ژےٚ چھِتھَن یہِ نوجوان مورمُت، ژےٚ کیٛاز کوٚرتھ یہِ۔" جوٗگی وونُس درجواب۔

"ہے جوگہٕ" سرپھَن ووٗنُس "ژٕ جاناوار اَسی اکثر یِتھ جایہِ یوان تہٕ پَنٕنۍ بانوٕسی فضہَس بَران۔ اَمی شہزادن مارِ تِم توٗے دِژِمٕ اَمِس ٹوپھ۔"

"ژےٚ کرِتھ تہٕ یہِ جان کاَم" جوٗگی ووٗنُس "بوز یورِ گَن۔ ژٕ کَڈ اَمِس نوجوانہٕ سِنٛدِ کھورٕ منٛز زہر یِتھ یہِ دُبارٕ زِنٛدٕ سپدِ تہٕ چھی ژےٚ مَرُن۔"

سرپھَن ووٗنُس "مےٚ دِ معافی تہٕ بہٕ ملنہٕ چون یہِ حُکم۔"

پتھ پاٹھی میچ شہزادس دُبارٕ زندگی۔ جوٗگس شکریہ کرنہٕ پتہٕ دژاوسہٕ اتہٕ مگر بدقسمتی کِنہِ لوٗگ سہٕ بَدل وَتہِ تہٕ پَنٕنِس باٗیس پتہٕ پگنہٕ بدل ووت سہٕ اَکِس گامَس منٛز یتہِ ووکھہٕ ڈاکوہن ہنٛز جماعت روزان اُس۔ اتفاقہٕ کِنہِ ژاوسہٕ یمُوے منٛز اَکِس ڈاکوسُنْد گرِ تہٕ مینٛگھ جاے۔ کانٛہہ تارُ لاگنہٕ ورأیی آوسہٕ اندر ژانہٕ۔ تِمو گرِ تَس خوش آوے تہٕ گرِہَس لولہٕ مَتہٕ لاے مگر افسوٗس سہٕ یِیلہِ راتھ کیٛتھ چارپایہِ پیٹھ شوٗنگنہٕ کھوٗت تہٕ سہٕ آو سیوٗ دُے تالوٕ منٛزی یوٗن وُستھ تہٕ ووٗت اَکِس انتہائی اذیت ناک زندانَس منٛز۔ سہٕ بچور آسہِ ہے اَتی موٗ دمُت ہرگاہ نہٕ سہٕ اَکِس ڈاکوسٕنٛزِ کوٗرِ وُچھمُت آسہِ ہے تہٕ تَسنْد محبت آسہِ ہبس نہٕ سَنتھ گوٗمُت۔ تِمس اُس اَمہِ مکانہٕ کِبن تمام کھوتمن

تہٕ بَرَن ہٕنٛز پَے تہٕ یہِ زاَنتھ زِیہِ ازاَنی اوس قیمِ منٛز رٔو دوٚو تھمُت یہِ زن تم اَتھ وٹان أسی توے گیہِ سو ہِرٕ پاَٹھی تَس نِشہِ تہٕ نیوٚنَس کینٛہہ کھبنہٕ خاطرٕ تہٕ اَتھ معاوضہٕ دِتس شہزادَن سَتھ لال۔ سو أس پڑ بتھ دوہہٕ صُبحاَے یِی کران تہٕ ہروِزِ أس سَتھ لال رٹان۔ یِمَن مُلاقاتَن منٛز گوو أمِس کورِ ہُنٛد محبت تیزی سان ہُران سو أس سیٹھاہ خوٗبصورت تہِ تہٕ وارِیہہ چالاک تہِ ییمہِ کٔنٛز شہزادَن تہٕ یورِ مالے بٔرٛنس پتہٕ کورنس وعدٕ زِیہٕ گرِ سیٹھاہ جلد ژٕ ے ستی کھاندر۔ چھیکرس گٔے تم دوشوَے اَتہِ رِیاتہٕ تم ژٕلی اَتہ تیوٚت تیز یوٚت تِمَن تیز رفتار گُرِ سمندر طرفس کُن رٕتھ ہیوٚک۔ اَتہِ کھٔتی تم فورَن أکِس جہازَس۔ باقٕے مُسافِرن علاوٕ اوس اَتھ جہازَس منٛز اَکھ سوداگر تہِ یَس کورِ ہُنٛز خوبصورتیہ دِل رٔو تہٕ یوٚ ژھُن زِیہٕ مارَن شہزادٕ تہٕ گرِ أمِس ستی کھاندر۔ اوے کٔنٛز یِیلہِ سُہ تہٕ شہزادٕ اکِہ دوہہٕ جہازِ کِس ڈیکس پیٹھ نردس گندان أسی شہزادٕ نمیاو تھوکھ ژادنہٕ خاطرٕ جہازِ کِس أکِس طرفس کُن تہٕ أتھی منٛز دِتُس سوداگرَن دَکہٕ۔ خوش قسمتی کٔنٛز أس أکی ہنٛز زنانہٕ اَمہِ وِزِ جہازٕ دارِ نِشے تہٕ تُمس ییلہِ خاندارس پیٹھ نظر پییہٕ تَمہِ دور تُمس اَتھہٕ تہٕ بچوُن سُہ۔ جہاز چلاوَن والین تہٕ سفر کرَن والین سپُد تمہِ وِزِ زبردست افسوٗس ییلہِ تِمَو یہِ بوٗز زِ شہزادٕ اوس جہازٕ منٛز ؤسی پیوٚمُت۔ شہزادَن اوس پَننہٕ آشنہٕ حکم دِتمُت زِیوٚت تانی نہٕ تم پَننہٕ نِس منٛزلس واتَن توٚت تانی وَننہٕ نہٕ سو کاَنٛسہِ کانٛہہ کتھ۔ سوداگرَن دِیُت یہِ باس زِ تُمِس اوس سارِوٕے کھوتہٕ زیادٕ دوکھ ماسولیہٕ أمِس خوبصورت زنانہٕ نِشہِ بہرحال سُہ آو جلدٕ ے ڈٔنجہِ تہٕ لوگن أمِس کُن توجہ دِین نہٕ أخرس وۄننس مے ستی گرِ کھاندر۔ کورِ تھوو سُہ یہِ ؤنِتھ شمن رٹن پتھ زِ ہرگاہ نہٕ تُس

اَتھ وقتس منز خاوند سُند کینژھہ پے لوگ سو گرِ پتہٕ اُمس ستی کھاندر۔

کینژہ ریتی ووت جہاز پنہٕ نس منزلس تہٕ اَتہٕ کوڈ شہزادن پنُن پان نون تہٕ سوداگرس کھولن تس آبس پھاٹونچ کوشش کرنک راہ۔ یتھ پتھ سہ مقدمہ بوزنہٕ پنس تانی قادآوکرنہٕ۔ اکہٕ خاص اتفاقہٕ کنی اُسی تم تمے ملکہٕ کس بڈس شہرس منز جہازٕ منزٕ وتھی ییتہٕ تسند زیٹھ بوے حکومت اوس کران۔ اَتھ دوران اوس یہ بادشاہ سخت دوکھہٕ زد تہٕ سوچان اس زِ میانس باپس ستی کیاہ آسہٕ سپدمت۔ دِلک یہ بار لوٗژراونہٕ موکھہٕ اوس اُمی پنہٕ نس وزیرِ اعظمس حکم دِتمت زِ سہ آسہٕ پزبتھ راژ اُمس کانہہ دلیل ونان۔ تس اُس یتہٕ وومید زِ یتھہٕ کنہٕ تہٕ مانہٕ تس باپس سُند کینژھہ تکیازِ یہ وزیر اوس اکثر تمے دلیلہٕ ونان یمن بنیاد یتھ پتھ اُس آسان یہ تمی دوہس وچھمت یا بوزمت اوس آسان۔ ییمہٕ دوہہٕ یہ جہاز اور ووت اُمس وزیرس کوٗر اُس سوٗدرٕ بُٹھس کُن گمژ تہٕ اَتہٕ اُسن شہزادٕ، تمی سنزٕ آشنہٕ تہٕ بدخصلت سوداگر سنز یہ عجیب دلیل بوزمژ یوسہٕ تمہٕ شامس مالس ونی۔ دوٗیمہٕ دوہہٕ وونی وزیرن یہے دلیل بادشاہس۔ سبٹھاہ وولسنس یتھ پزژھس بادشاہن ”ووٗنی گتہٕ چھہٕ شہزادٕ تہٕ تسنز آشنی۔“ (تہٕ وونس) ”تمن سوزِ فل فورناد۔ اخرتہٕ لوٗب مے یژکالہٕ پتہٕ رووُمت بوے۔“

اُسی ہکبو یہ اندازٕ کرِتھ زِ یمن بارنین ہندِ پانہٕ وانی سمکھنہٕ کژاہ خوشی آسہٕ سپزمژ۔ تموتژ ووا کھا اُکی سندس پھکس پتھ گلہٕ تہٕ چھہٕ ودان۔ لوکٹ ہیوٗ شہزادٕ آو ملکک وزیرِ اعظم بناونہٕ تہٕ بدخصلت سوداگر دِتھ پھہہٕ۔

کینژٕ وہری پتہٕ آے تہندس مالِ سندِ طرفہٕ اَتھ ملکس منز کینژھہ شیچھ خبرائن

وألی تہٕ وۄنہکھ زِبُزرگ بادشاہَس اوس یِمَن ۄچھنک زبردست آرزو تِکیازِ تَس اُس
پننہِ زنانہِ ہٕنز کمینہٕ گی نٕیمٕو تہٕ امہِ کنۍ آسس سو قتل کرمٕژ۔ اَمہِ کنۍ وژاے دۄشوٕے
بارٕنی کانٛہہ ژیر لاگنہٕ ورأیی مأرِلس سمکھنہِ۔ تِم وأتی وارٕ کاراورتہٕ ۄچھکھ بۄڈ مولتہٕ
کوٗرُ کھ تَس ستی صلح۔ اَمہِ پتہٕ کیہِ کالہٕ مۄد تِہُنٛد مول۔ بۄڈی بأے سنبھول اَتیٚک تختہٕ
لوٗکٹ بوے گوو تہٕ رٕٹن تمہِ مُلکچ حکوٗمت یُس بیٚنِس شہزادِ سُنٛد اوس۔ دۄشوٕے پرأد
پننہٕ پیٚٹھی خوشحألی تہٕ پننہِ انصافہٕ، مہربأنی تہٕ ہونٛزِ کنۍ کرٕ کھ ناماوأری حأصِل۔

(راوی: بِشورام۔ بانہٕ محل سرینگر)



# کمینہٕ یار

دیپان اکہِ وقتہٕ سۆزاُ کِ بڈِ تہٕ اہیر بادشاہَن پنٔن نیچُو سوداگر بناُوِتھ دۆر مُلکَن یتھ زِ تِمس لۆگن تہٕ مُلکَن ہنٛز زیادٕ پے پتاہ لگہِ تہٕ ییلہِ تِمس تختس بیہنک وقت ولتہِ سہ آسہِ زیادٕ بہتر پاُٹھی حکومت کرنس لایق۔ اَمہِ مقصدٕ دِژن اُمس سبٹھاہ روپیہ تہٕ سامانہٕ گیٖجہِ تہٕ دۆپنس نیرِ یوٗت ژٕرے خوش گوٗھی، حبہٕ رۆزی زِتہٕ یوٗت پلی تیوٗت زٕنی زِ۔

یوٗت جلد ممکن سپُد تہٕ شہزادٕ دژاو تہٕ تَس سٟتی اوس تٔسنٛد دوست یُس وزیرٕ سُند نیچُو اوس، بیۆیہ اُسس وارِیاہ نوکر تہٕ گُری سٟتی۔ وارِیاہس پھیرتھ تھوٗرِتھ واُتی تِم سمندرس لرِ اُکس جایہِ ییٚتہٕ اکھ سمندری جہاز نیرنس تیار اوس اُکس مُمہِ پیٹھ نیرنہٕ بٕنِ کھٗتی یِم جہازَس تہٕ دژاے گتھ تانی پرٛ مُلکس۔ کینٛژس کالس سپُد پربتھ کینٛہہ رٕتے یوٗت تانی تِم اُکس زٕوِس پیٹھ واُتی تہٕ اتہِ رُکیاو جہاز۔ شہزادٕ دوٗتھ اتہِ یوٗن تہٕ دژاو گُنے زٕون چکرا دِنہِ تِکیازِ وزیرٕ زادٕ اوسنہٕ نیرُن یژھان تہٕ توے لوٗگن بیمار۔ اُمی بدخواہَن کڑ شہزادَس کل یتھ زِ سہ اَتھ زٕوِس اَندی پکِی زٕنٛوٗٹھ چکرا کرِ ییلہِ زَن اُمی جہاز رانن تہٕ جہاز چلاوَن والین تَس وراُے اَتہِ نیرنہٕ خاطرٕ رشوت دِیٚت۔ تِمو نیاو ناُوِ تِم جہازٕ ہوٗل واپَس تَتھ جایہِ ییٚتہٕ پیٹھہٕ تِم دژاٚمتی اُسی تہٕ لٕتہِ ژھُن اُمی سوٗرُے سامانہٕ کِنتھ تہٕ امہِ پتہٕ دوٗت واپس بادشاہَس نِش۔

"توٚہۍ اووجلدٕے واپس۔ شہزادٕ کتہِ چھُ؟" بادشاہَن وُنُس۔

"عالی جاہ، شہزادٕ گُزریاو۔ اَسۍ اَسۍ مٕژ سان اکہِ زوٕکنہِ جہازَس منٛز پکان زٕ أتھی منٛز وُتھ اچانک اَکھ طوٗفان تہٕ یہِ ہُر یاوتیوٚت زِ جہازَن گُرلٕرتہٕ پھٕیوٚ رُدٕبہٕ تہٕ یہِ کینژھا اَتھ منٛز اوس گٔے آبس۔ مےٚ کرِ یہِ شہزادٕ بچاوٕنچ سخت کوٗشش مگر افسوٗس بہٕ ہیوٚکُس نہٕ سہٕ بچأوِتھ۔ سبٹھے مُشکلن ہیوٚکُس بہٕ أتہِ پان بچأوِتھ۔"

ییٚلہِ بادشاہَن یہِ کلامہٕ بوٗزِ تَس سپُد سبٹھاہ دوکھ۔ تٔمۍ وُ دواریہن دوہن پٔنہٕ نِس نیٚچوس تہٕ اَتھ دوران اوس سُہ دیوانہٕ باسان نہ اوسُس کانٛسہِ ہُنٛد تہٕ نہٕ کُنہِ چیزُک خیال صرف اوس نیٚچوس پیٹھ ماتم کران۔

ہُپأری اَسن وُنۍ شہزادٕ سنٛدی حالات تہٕ سُدرِنی ہیٚتہٕ مٕتۍ۔ ییٚلہِ تَس دوستہٕ سٕنٛزٕ دغابأزی ہُنٛد پتاہ لوٚگ سُہ لوٚگ راتس روزنہٕ خأطرٕ جاے ژھانٛڈنہٕ۔ اَکس صاف آبچہِ ناگہٕ پوکھرِ لرِ سوکھ ہیوٚ پزٕ أوِتھ ترٛأوی لرٕتہٕ اکہِ بہتر پکھہ چہ وومیز منٛز ترٛأوِن نینٛدٕر۔ سُہ اوس شوٚنگتھے زِ نصف رأژ کیٚتھ کھوٚتہ اَمہِ ناگہٕ منٛزٕ اَکھ پٔری یَس کینٛژھہ سپاہ ستۍ اَسۍ تہٕ پیٹھ اَتھ کھنن کھینٕہ۔ ییٚلہِ تَمہٕ کھبتھ موکلووتہٕ اِدٕ گیہِ شہزادَس گُن تہٕ تَس ہُشار کٔرِتھ کوٚرُن تَس تہِ کھنن پیش یُس شہزادَن روٗٹ تہٕ امہِ خأطرٕ تَس سبٹھے شُکریہ کوٚرِ تکیٔا زِ تٔمۍ اوسنہٕ أتہِ بوٚن وَسنہٕ پیٹھہٕ کہنہٕ تہِ کھیوٚمُت۔

تٔمۍ وُنُس "اے پاکباز خاتون، مےٚ وَنتہٕ ژٕ کوسہٕ چھکھ تہٕ ژٕ کتہٕ آیکھ؟"

تَمہِ وُنُس "جناب بہٕ چھَس اَکھ پٔری۔ مےٚ وَن پٔنٕنۍ دٔلیل ممکن چھُ بہٕ ہیکہٕ ژےٚ مَدد کٔرِتھ۔"

تُمۍ وَوٕنُس "اے نازنین۔ بٔہ چھُس اَکھ شہزادٕ بٔہ چھُس مأنلی ہِندِس وَنس پٮ۪ٹھ علم تہٕ تجربہٕ پرٛاونہٕ خأطرٕ سفرس دراُمُت۔ یُتھ زَن بٔہ تَس پَتہٕ بہتر پأٹھۍ مُلک رأنی کٔرِتھ ہیکہٕ۔ بٔہ اوسُس أکِس دوٗر جایہِ خأطرٕ وارِیہہ سامانہٕ ہیتھ جہازس منٛز پکان۔ ییٚلہِ زَن سُہ جہازٕ کینٛژن گاٹٕژن ہِندِ خأطرٕ یِیِتھ رُکیاو تہٕ بٔہ دراس یہِ زٕوٕچھنہٕ خأطرٕ نبر۔ بٔہ ییٚلہِ جہازران ہِندِ دِتہٕ مَتہٕ وَقتہٕ مطأبق یوٗت تہِ واپس وَوٕتُس تہٕ مےٚ وُچھ زِ جہازٕ اوس مےٚ ورأیی دراُمُت۔ بے شک أس اَتھ منٛز میأنِس دوست وزیرٕ ہِندِس نیچوٗی ہنٛز ژوے یُس مےٚ سفرس دوران ستۍ اوس۔"

پرۍ وَوٕنُس حأرتہٕ سان "ہٕدٕ ذلیل۔ تُمس میلہِ اَمہِ کمینہ گی ہُنٛد بدلہٕ۔ جناب کر ژٕ آرام۔ بٔہ یِمےٚ صُبحس تہٕ واتناو تھ مأنلی سُندِ گرٕ۔ یوٗت تہِ نفر واپس گژھہِ ووتمت آسُن۔ تیٚتۍ کرہَن تِمس پٮ۪ٹھ ژٕجل۔"

یہِ وٕنِتھ گیہِ سوناگہِ پوکھرٕ کُن تہٕ گیہِ غأب تہٕ تَس پتہٕ تُمۍ ہِندۍ سپاہتہٕ۔

گاش پھولوٗن آیہِ سو بیٚیہٕ تہٕ تَس ہُشار کٔرِتھ دِتۍ نَس کینہہ سبٕٹھے موٕللی لال جوأہرٕ یِمہٕ زِیٚتن نقصان پُرٕ دِتہٕ پَتہٕ وَوٕنس نیرنہٕ خأطرٕ۔ اَمۍ ہِندِ وَننہٕ مطأبق دراواتہٕ شہزادٕ وارِیہہ سپاہ ستۍ ہیتھ تہٕ روٗد پکان یوٗت تانۍ سُہ مأنلی سُندِ گرٕ نِش ووت۔

پٔتِمہٕ خواب گاہ کِہِ دارِ پٮ۪ٹھ ییٚلہِ بادشاہَس اَتھ جلوٗسس پٮ۪ٹھ نظر پییہٕ تُمۍ سوٗنچ زِ "یہِ کُس ہیکہِ آسِتھ؟"

تُمۍ وَوٕن برنہٕ پٮ۪ٹھہٕ کِس سنٛترِس "ژٕتُل دوٗرتہٕ جلد ے گژھ۔ اَمس نفرس دِ لال جوأہرٕن ہنٛز یہِ دوٗژھ۔ خبر یہِ ما آسہٕ کانٛہہ طاقتور دُشمن؟"

شہزادَن وۆن اُمس سپاہَس "ژٕ گوژھ واپَس تہٕ وَن بادشاہَس زِ بٕہ چھُس دوست تہٕ بٕہ چھُس چاٹس نیچوس متعلق زانُنہٕ آمُت۔ مےٚ چھےٚ کینٛہہ عجیب اطلاع اَتھ متعلق۔"

یہٕ بوٗزِتھ کوٚر بادشاہَن تَمس محل خانس منٛز استقبال تہٕ سٕبٹھٕے عزتہٕ سان آس پیش۔ اُمس وُنن اوٚش ہاران نیچوی ہِنٛدِ جہازٕ پھٕٹنٕچ دوکھہٕ ہٕو ڈیلیل تہٕ انوٗوُن وزیر سُند نیچوٗ یُتھ ژٕ یہٕ واقعہٕ باٚنہٕ باٚنہٕ وَنِہَس۔

اَمہِ پتہٕ رُود نہٕ شہزادَس پانَس تاگی تہٕ وۆننس "بابہٕ صاٚب، اوٚش وۄتھراو۔ چون نیچوٗ آو واپس۔ بٕہ چھُس سُے۔ کُنہِ طوٗفانہٕ پھوٚٹ نہٕ سون جہاز، کُنہِ وادٕن کوٚرُس نہٕ بٕہ تباہ مگر بٕہ آس کمینہٕ گی کِنہٕ اَکِس لوکٕٹس آبادی روٗستِس ژٕوِس پٕتھ فاقہٕ پھَرِ مَرنہٕ خاطرٕ ترٛاونہٕ۔" وزیرزادَس گٕن ہاوان وۆننس "یمی شخصَن دِیُت جہازران تہٕ جہازٕکِس عملس رِشوت تہٕ بٕہ ترٛووُنس تتی یُتھ زِ سہٕ سوٗرے سامانہٕ کِنہٕ تہٕ سٲلم پانٕسے کھیٚیہٕ۔

"ہیا بدمعاشا، کمینا" بادشاہَن دِژ کربکھ، مارِ واتلَن دِیو حُکم زِ تم کرن اَمہٕ منٛز موجوٗد تھٕس انسان دَفا۔"

بادشاہَن ییلہٕ پُتٕن نیچوٗ وُچھ تَتہٕ سٕدی سبٹھاہ شاٗدِیانہٕ۔ اَمہِ پتہٕ کےٚ کالہٕ گُزریا و بادشاہ تہٕ شہزادِ یعنے تَمی ہِنٛدی نیچوی لاٗج تَمی ہِنٛزِ جایہِ حُکمرانی کَرٕنی۔

(راوی: پنڈت لال چند۔ کھنموہ پرگنہ وِہی)



# حیابٔند تہٕ زہرا خاتوٗن

توہہٕ چھو پتاہ زِنٛچھو روٗس آسُن چھُ افسوٗس تہٕ پام۔ خاٲر پتھ کالہٕ اوس یِیمہٕ ملکک اَکھ بارستہٕ امیر کانٛہہ تکلیفس منٛز تِکیازِ تَس اوس نہٕ اولاد۔ تٕسٕند ناو کتھٕ پکہٕ؟ تٕسٕند کاروبار کُس چلاوِ؟ کٔسٕند ناو گرِ ہینٛزِ پیٚزِ دولت؟ یِمے سوال اُسی تَس ہُوتُر ذیہنَس منٛز گتہٕ گیوٚر کران تہٕ کٔر ہٕنٛدِ ناوو میٖد دِلہٕ اوس واپس دوکھہٕ ہوٚت جواب یِوان۔ ''مے چھُنہٕ کانٛہہ نیچو!! مے چھُنہٕ کانٛہہ اولاد۔'' سُہ اوس پانٛژن وقتن نماز پران ماہ صیامَس روزٕ تھاوان، صدقہٕ زکوٰۃ دِوان مگر باسان اوس زِدے چھُس نہٕ نوٚٹھان تہٕ اُمی ہٕنٛدِ بن آلوٗن اوس نہٕ گٔن تھاوان۔ مگر یہِ اوس صرف باسان۔ خدایہٕ ہٕنٛدِس خیالَس ماہکو انسانہٕ ہٕنٛدِس سوچس ستی کانٛہہ مشابہت دِتھ۔ دٔیہ سُند اوس یوٚہُن زِ تَس بخشہٕ اولاد۔ لہٰذا ایلیہٕ مُناسب وقت ووت تہٕ اُمِس زاو نیچو۔ باپٲر تھووُ اُمِس حیابند ناو۔ یِیلہٕ یہِ پانٛژُوٚہُر ووت تہٕ سوٗزیہِ ماٲلی مدرسَس تہٕ سُہ روٗد پران یوٚت تانی سُہ داہوُ ہُر ووت۔

دوہا بٔڈیاو زِ باپٲری اوس وانہٕ درواز، کُس پھالوٗس ستی ہتھ تہٕ تَس پیٚیہٕ لٲری پکوٗنمن دوٗن زچہٕ لاٗ۔ گژھ لوکٹین شُر بن پیٹھ نظر۔ کٔر کوٗر تمٕن آلو تہٕ پرٛژھنکھ زِ توٗہہ

کیاز چھو پیٹھ مُفلس تہٕ تِمو ووٚنہس زِ تِہُند مول، موج تہٕ بوے چھِ گُزرِمتؠ تہٕ تِمن چھنہٕ تیُتھ کانٛہہ اَشناوایا یارانظرِ تل یُس تِم مدد ہیکہٕ ہٮ۪ن منگِتھ۔ یہِ بوٚزِتھ آو سوداگرس یِمَن ہُنٛد سخت عار تہٕ ہیٚن پتَن گرٕ تہٕ پَنہٕ نِسے نیٚچوس ستؠ پرناوِن۔ تِمو سوٚنچ زِ تِس تہٕ ہٮ۪ن یِم ستؠ باجٕ تہٕ نگہٕ پھیکرِ تہٕ وان بایارٕ چ کانٛہہ کانٛہہ کام تہٕ کرَن مگر یِم لڑکہٕ درائے بد خصلتھے یہِ زَن اَسہِ بڑ وٚنہہ کُن نٮ۪ہِ۔

پَنہٕ نِس رحمدل مالکس تہٕ مایہ بٔرِتس ستؠ باجس شُکر گزار روزنہٕ تہٕ تِمن کنہٕ رنگہٕ اَتھہِ شیٚہلا ونہٕ بدلہٕ لاجہِ یِمو تِمَن خلاف ژوٚیہ گرنہٕ تہٕ یِمَن جنجل زدی کرناوٕنی۔ تِم اَسی پرٛ بتھ دوہہٕ بایارٕ رِ لڑکس ستؠ سکوٗل گژھان مگر حیا بند اوس محنتہٕ سان پنٕنی کام کران تہٕ بٮ۪یاورُت تہٕ عالِم تہٕ یِم اَسی لاپرواتہٕ کاہل تہٕ۔ کہنہٕ تہٕ ہیوٚچھکھ نہٕ ماسوایہ پرٛ بتھ قسمچ بدصفتی یوسہٕ اَمی خصلژ ہُنٛد بن سکوٗلس منٛز یرن والین باقی لڑکن منٛز وَنہٕ آیکھ۔ اکہِ دوہہ صُبحٲے اَسی یِم ترٛ نوے یکجا سکوٗل گژھان تہٕ اَتھی منٛز لاجکھ کھاندرس متعلق کتھا کتھا کرٕنی تہٕ یِمو ووٚن حیابندس کُن "بوز سا اَسہِ چھ پتاہ زِ ژٕ کرنے جلدِ ے کھاندر ژٕ وَنکھ نا پَنہٕ نِس مالِس زِ سہ کرِ اَسہِ تہٕ کھاندر۔"

"کیا زِنہٕ" حیابندَن دِتکھ جواب "بلکہِ یہٕ کرِ مالِس زارٕ پارٕ زِ سہ کرِ بو گوڈٕ تو ہہِ کھاندر تہٕ تِمہِ پتہٕ مےٚ۔"

اَمہِ پتہٕ کمے کالہٕ روٗژ اَمی بایارٕ رِ اَکھ منٛزِم یورا۔ یتھ سہ مختلف گرٕن گوٚنہٕ تہٕ ترٛژھ کوٗراوٕ چھِہ یُس مول موج امیر آسَن، مارٕ منٛز، پُر مرٛژ، لیچھمژ، گاٹج تہٕ صفت بند آسہِ۔ منٛزِم یارٕ کرِ فوٗرِ ے یہِ کام تہٕ کھاندر سٮ۪د طے۔

کھاندرس پتھ کوٗر باپأرؠ یارن دوستن بوٚڈ سالا تہٕ غریبَن تہٕ بأگرن سبٹھاہ تہٕ اَمہِ پتہٕ نچوٚس شاہانہٕ رَختالا۔ گتھ کوٗرن نہٕ ہوٗ وُرگن رولنہٕ۔ یمَن دون بدخواہَن اوس یہِ سأیلم پتاہ تہٕ أمِس بروٚنہہ وأتی اورتہٕ گرکھ یہِ کوٗشش زِ مہرنہٕ ہنٛدِس مأیلس تہٕ ماجہِ گرہوأکہ ہنٛز یہِ وٕنتھ دِنَن زِ خیابند چھُ چور۔ اَتھ پتھ کھوٚت یمَن دوشوٕنی بأتھَن سخت شرارت تہٕ تمہ ما ژٹہٕ ہن یہِ رشتہٕ مگر۔ کتھہٕ پأٹھۍ؟ ووٗنی اوس ژیر گوٚمُت۔ مہرازِ اوس گوڈے ہوٗ وُرگن پکان۔ اَمہِ پتہٕ آے یم بدخصلت حیابندس نِش واپس پھیرِتھ تہٕ تِتھہٕ تِتھہٕ چالا گرِتھ کھیوٗ وُکھ نہٕ تیٚتھ موا۔ یتھ کیاہ تام دَوہا اوسکھ موٗتھمُت۔ یمہِ ستی نہٕ حیابند پنہٕ نِن جامَن منٛز روٗدِ ہے۔ اَمہِ پتہٕ یوٗت تمَن پیٚل تیٚوت دُژھہِ گے سوداگر سُندگرِ تہٕ اوٗش برِتھ چشمو۔ یتھ زِ یہِ باس دِہَن زِ یہِ بوٗ زِتھ چھُ تمَن سبٹھہِ دوکھ سپُد مُت، تہٕ لوگکھ باپأرِس وَنُن زِ یَس زنانہٕ ستی تمہِ نچوٚس گوٚنڈمُت چھُ سو چھےٚ ژَکہِ اَکھ ڈأن۔ یێلہِ سوداگرن یہِ بوٗزِ تہٕ سپُد ناروناتہٕ نہٕ ژٹہٕ ہے یہِ رشتہٕ مگر گرِ کیاہ؟ ووٗن اوسنہٕ وقتے تہٕ پزِ بتھ کانٛہہ اوس سوچان زوٗنی نتہٕ وُنی واتہٕ مہرازِ۔

یێلہِ مہرازِ ہوٗ ورووت تمہِ ہنٛدی سپدَن وأری ہَش ہیٚرن لاج تس رَژھہِ رَژھہِ سام ہیٚنٛز تہٕ یێلہِ تمو یہِ ہنٛد رِموٚت تہٕ سبد ارٕہشہِ حالہٕ منٛز ڈیٚوٗنٹھ تہٕ تمَن باسیاوتہِ پوٗ زیہِ ہمو بدخصلت منافقت کرن والیو ووٗنمُت اوسکھ تہٕ کوٗرُکھ أمِس پننہٕ کوٗرِ دِنس انکار۔ مگر گاتجہِ تہٕ صفت بند مہرنہٕ یَس زہرا خاتون ناو اوس باسیاو اَتھ منٛز گھنٛز تانی چال تہٕ کوٗرن مأیلس ماجہِ یہِ کھاندرکرنہٕ خاطرِ زور۔ تَس اوس پوٗرِ پہتھ زِ حیابندُن مول چھُ رُت تہٕ دیانت دار یُس نہٕ دھوکہٕ ہێکہِ دِتھ۔ لہٰذا آے نکاح پرنہٕ شام ہیوٗ سپدِتھ

ہیؤتُن حیابندس دَوہُک اثر وَسُن سُہ آو جلدٕ ے پَنٕہ نبن جامَن منٛز تہٕ پرٕزناوُن ہێنٛز زنانٕہ تہٕ تَس وُچھِتھ گووخوش۔

کینٛہہ دوہہ پَتہٕ درائے تِم رسمہٕ مطأبق پٔتن گرٕ کُن۔ وَتھ اُس دورٕ ے پھَن لہذا کوٚر تِمو صحیح زِ تِم کڑ ن یہِ دۄن پڑاوَن منٛز۔ تِم رُکے اکِس گامَس منٛز یُس نِصفا وَتہِ منٛز ہیوٗ اوس تہٕ کوٚر رُکھ راتھ اُتی گزارُنک فأصلہٕ۔ تِتھے آرام ہیوٚ تکھ تٕرأوِن زہرا خاتوٗنہِ آو اچانک خیال زِ تِمہِ اوسنہٕ ہَشہِ کأنٛہہ ستی تلمتے۔ افسوٗس! وۄن کیاہ ہکہ بہٕ کرِتھ۔ یہِ گژھہِ خجالت زِ وأرِواٲژ ژھرٕ وے اَتھو۔ یہِ بچأر سپٕز سخت پریشان۔ چھیکرٕس آیَس نِنٛدرِ ستی اُچھ وَٹنہٕ۔ ییٚلہِ سو شوٚنٛج تِمہِ وُچھ خاب تہٕ خابس منٛز وُچھن اَکھ نفرا یِوان تہٕ تَس ونان ''ہے ڈیکہٕ بَج، کھوژمہٕ نیر گژھ دٕریاوَس پٔٹھ تہٕ تہٕ وُچھہَن ژٕ اَکھ لاش آبس پٔٹھ یِران تہٕ تمی ہے چھی نرِ اَکھ سبٕٹھے قمتی کژھہٕ گرلٲ گتھ۔ لاشہِ کرآلو تہٕ یہِ پیہِ ژٕے کُن۔ کژھہٕ گرکڈٕس تہٕ سُہ نہِ پننہٕ ہَشہِ ماجہِ۔'' اَمہِ خابہٕ ستی سپٕز سو ہُشار فلفور وٗژھ تہٕ گٔیہِ دٕریاوَس کُن ییٚتہٕ تِمہِ دۄرِ پھَن اَکھ لاش آبس پٔٹھ یِران وُچھ۔ تِمہِ کوٚر تِتھ کُن آلو تہٕ سُہ خوبصورت کژھہٕ گرِیُس تَس نرِ لٲگتھ اوس کڈِتھ آیہِ سو دُبارٕ تِتھی مکانس منٛز۔ وۄن سَپدِ ہے سأئِلم رُتے ہرگاہ نہٕ تِم بدخصلت گٕژ آسہٕ ہَن۔ تِم اُسی اُتھی جایہِ أنٛدی پٔکی زاگ ہٮ۪تھ تہٕ پٕژ ہتھ کینٛہہ اوسکھ وُچھمُت۔ یِ اُسی تِم کانٛچھان۔ تِمو چھوٚک دٕریاوٕ بٔٹھِس تانی وَتہِ وَتہِ تہٕ بٔٹھِس پٔٹھ گٔژھہٕ سُنٛدر تھہٕ دورے سبٕٹھاہ وُژھہِ پَنٕہ نِس مأَلکس نِش تہٕ وۄنہس پگھ وُچھ پننہِ نوشہِ ہُنٛد کرتوٗت یِتھ زِ پٔتن سُہ نیوٗلے اپٕز تِمس بیہنا وہَن یُس تِمو وۄنمُت اوسُس۔ ییٚلہِ تِمو یہِ کوٚر

باپأرِ آو تہٕ وُچھِن خوٗنہٕ داغ تہٕ ہیوٚتن تیٚتھ وَدُن زِ مرنس ہیوٚتُن واتُن۔ ژُھمس کیٚتھ گو وُنہ نیٚچوٚس رٕنش تہٕ وۄنن تَس تہِ سورُے یہِ پانہٕ وُچھمُت تہٕ بۄزمُت اوٗسُن مگر تٔمی سِنٛدی نیٚچوی کرنہٕ آتھ پژھ تہٕ کھوٚلتس سخت شرارت۔ وۄن گو ودلیہ تہِ دِژیہ شہادت زِ تسنز مأکنی دژ ایہِ نصف رأژ ہیوٚ کینژس کالس گرِ منز نبر کیاہ کرنہٕ تہٕ اُسنہٕ تَس خبر۔

اَمہِ ستی سَپُد حیابندتہٕ سبٹھاہ حأران تہٕ ہیٚژن تَس یہِ گتھ ہٕنی لہذا رُوٗ دزنانہٕ رٕنشہِ دورُے۔

اَمہِ دوہہٕ دِگرِس ہیوٚ وأژ باپأرِ سِنٛد گرٕ واپس برات مگر اَتہِ اوس دوکھے ہیوٚ۔ زہرا خاتون آیہِ فورنے أ رِکس الگ کُٹھس منز تھاونہٕ تہٕ دلیہِ ورأے گووُنہٕ تَس نکھہٕ بیٛنہ کانْہہ۔ اَکہِ دوہہٕ کوٚر رأژی سِنٛز ہشہِ ماجہِ جگرٕ تہٕ درواز پیٹھے گرٕن أمس نظر مگر سو ہیوٚ اُن خوفہٕ ستی بے ہوش گژھنی۔ تِتھہٕ کِنی گُزریاو سبٹھاہ وقت تہٕ اتھ دوران رُوٗ دحیابند پنہٕ نِمن دوٚن بد خصلت سأتھین ستی ہتھ مأکی سِنٛدِس کامہِ کارس وُچھان واشان۔ سُہ اوس یِمَن دوٚن پٔنٛنی دوست زانان تہٕ بیٛیہِ اوُسُس باسان زِ یِمَو وُنی مے پنہِ زنانہٕ ہنٛز اصلیت تہٕ یہ بچووِہس سبٹھے خوفناک موتہٕ رٕنشہِ۔

اَکہِ دوہہ وۄن باپأرِ پنہٕ رٕنس نیٚچوٚس تہٕ ہِمَن دوٚنن جوانَن (تہٕ کیاز اوٗت تانی أسی تِم دوٚنی پوٗرٕ جوان سپدی متی) زِ تِم گژھن باپارِکس سلسلس منز نبر۔ تِمَو کوٚر اَمہِ موٗجب زِ تَس اوس حیابند زنانہٕ ہنٛدِ کِنی سخت دوکھس منز باسان تہٕ اِو کِنی اوس تَس اَمہِ نالہٕ پھرُن یژھان۔ یِم ترٛشوٚے دژاے تہٕ پکی کینْہہ میل أتھی منز پیو حیابندس اچانک یاد زِ تِمَس اوس حساب کھاتہٕ مشتھے گوٚمُت اَمہِ کِنی پھیوٚر گرٕی ہے پیٹھ واپس۔ ہِمَن سأتھین کوٚرُن وعدٕ زِ یہِ سمکھو توٚہہِ راتھ کیٚتھ پڑاوس پیٹھ۔ یِم حساب کھاتہٕ اُسی

زہراخاتوٗنہٕ ہنٛدِس گٕھس منٛز۔ تم کیاژِ اُسی تتہٕ تہٕ چھِنہٕ پتاہ۔ لہذا ییٚلہٕ حیابندواپس آ
سہٕ گوو ؤلی ؤلی یم اَنہٕ خاطرٕ اَتھ کمرس منٛز۔ اُتھی منٛز وُچھِن ہٕنٛزٕ زنانہٕ۔ سوٗ اُس دوکھ
ہٕرٕتہٕ خوٗبصورت تہٕ سبٹھاہ ہٕرٕ، نیک تہٕ مایہ بٕرٕ ژباسان۔ حیابندس رُوٗ دِنہٕ پانس تام
سوٗ اَنِن پانس کُن تہٕ لولہٕ سان رٕٹن نامہٕ مَتہٕ تہٕ گُری نَس میٹھی۔ سہٕ روٗ دا اُمس
رتبس کھنڈس تہٕ دژاوس پاٹھی یتھ زِپَنہٕ تمن ساتھین تہٕ مالس وُچھ ہے۔ تم وُچھِ یم
گوڈٕ نکی ہے پڑاوس پیٹھ ییتہٕ اُمی یمن وونُمت اوس زِ یہ سمکھو۔ تم اُسی نہٕ اَمہٕ جایہ
پیٹھہٕ ڈٕلی متی تہٕ تہٕ نہ اوسکھ کینہہ مال گنمت یا کنہٕ خاطرٕ کانٛہہ کوٗشش کرمژ بلکہ
اوسکھ شراب چنبس، زار گنٛدنَس تہٕ یژھ نے کامن منٛز وقت راوُ رُمت۔ ییٚلہٕ
حیابندن یہ بوٗزنس کھوٚت سخت شرارت تہٕ تمن سخت اُڈزاُڈ کٔرِتھ دژاوکھ زوٗن
بٕرٕ وٕنہہ کُن۔ تہٕ یم بدخصلت پھیٚری واپس۔ یمن کھوٚت پزنہٕ پیٹھی شرارت تہٕ کوٗرکھ
یہ قصد زِ حیابندس ہیمو اُسی انتقام۔ یمو پور فقیر رخت تہٕ یمن ہنٛدِ کینہہ پھنٛدٕ تہٕ ہیچھکھ۔
اَمہٕ پتہٕ گے باپارٕی سُند گرٕ تہٕ دِژٕکھ کرکھ "ہے خو جا۔ خبردار روٗزو، وٕنہٕ چھُو وقت۔
گرس منٛز چھُو ڈاُن تیمس انسانس ستی میٚل چھُ گومت تہٕ چھےٚ گوبہٕ کھوٚزٕ، خدایہٕ سنٛد
خاطرٕ کڈیوٗن سوتہنٛد پٔن زو بچاونہٕ خاطرٕ گرٕ منٛزٕ نتہٕ کرِو سو توہہٕ تہٕ توہہٕ اُندی پکی
سارِنے تباہ تہٕ بَرباد۔" یہ وٕنِتھ دژاے تم اَتہٕ۔

اُسی ہکو یہ انداز کٔرِتھ زِ تتھین لوٗکن نشہٕ یژھ ہشہٕ گتھہٕ بوٗزِتھ کیتھ اثر آسہ
باپارٕی تہٕ تمی ستٕنٛزٕ زنانہٕ پیٹھ پیوٚمُت۔ تمن لٔگی پھیٚرنی تہٕ کینہہ کرنس آیکھ نہٕ اَتھ وَتھے
ییٚوٚ تانی نہٕ تمن اچھ حقیقت نَنہٕ ہے۔ تمو دِژ ژھانٛڈ اتہٕ پربتھ کانٛسہٕ زنانہٕ وُچھکھ دوچھکھ

مگر تہٕ کینژھا آکھ نہٕ کُنہِ وَنہِ یہِ زَن فقیرَن وۄنُمت اوسُکھ۔ پتہٕ کوٚر تِمو حُکم تِھےٚ زِ زہرا خاتوانہِ ہُنٛد تہِ گرٕ معلوم تہٕ ننیا کھ زِ سوٚ اُس گوبہ کھوٚرٕ۔ تِمہِ ونیاو پننٮ۪ن کٔنسبٹھاہ زِ سو چھنہٕ ڈاٗن بلکہِ اَکھ پاک زنانہٕ مگر سُہ کُس مانہِ ہیس۔ باپأرٕ گوو دیوانس نِش تہٕ کوٚرُن یہِ زنانہٕ قتل کرنہٕ پیٹھ اجازت حأصل۔ سوٚ آیہِ اُکس جنگلس منٛز ننہٕ پیٹھ تَس گَلہٕ ہیر اُس ژٹنٛی۔ جنگل وأتِتھ کوٚر تِمہِ مارِ وٲتلَن زار پار زِ مےٚ پیٹھ کُری تو رحم۔ تِمہِ دِژ کربکہِ "ہے۔ توٚہی مَتہٕ بنٛی تو پیٹھ ظأ لم تہٕ بے انصاف زِ اُکس بے گناہ تہٕ معصوٗم زنانہِ ژٹو گلہٕ ہیر۔ مےٚ چھنہٕ تیٚتھ کانٛہہ خطا کوٚر مُت یتھ پیٹھ مےٚ سزاے موت دِنہٕ ییہِ تہٕ نہ ہیکہِ اَتھ متعلق کینٛہہ ثابت سپدِتھ۔ تیٚلہِ کیا زِ مأرِو توٚہی مے؟"

تِمو وۄنُس "اَسہِ چھُ یی حُکم دِنہٕ آمُت۔"

اَمہِ پتہٕ ترٛوو اَمہِ زمینس پیٹھ ڈبکہٕ تہٕ موٚنگُن "میانہِ خدایہِ، مےٚ پیٹھ کر تہٕ رحم۔ ژےٚ چھےٚ پتاہ زِ مےٚ کوٚر نہٕ کانٛہہ گناہ۔ میأنِس حالس پیٹھ کرتہٕ رحم مےٚ دِ تہٕ نجات۔"

اَمہِ پتہٕ آو اَکھ مارِ وٲتُل برٛونٛہہ کُن تہٕ تجن پننٮ۪ کرتل اَمِس گلہٕ ژٹنہٕ خاطرٕ۔ تِھُے تجن تہٕ اَتھ بَنیہِ ہٹ اَمہِ پتہٕ گرٕ بےسیاہَن کرتل چٕنج کوٗشش مگر سُہ ہیوٚکنہٕ تہٕ گُری تِھےٚ تِکیا زِ تَس پھیری اَتھے پتھ کُن اَمہِ پتہٕ آو ترٛیم نفر اَمہِ کامہِ خاطرٕ برٛونٛہہ کُن تہٕ تَس آو گیوٚ رتہٕ گوو بےہوش۔ یتھہٕ کٔنی بوٗز خدا صأبن اَمِس زنانہِ ہُنٛد تہٕ بد خصلتن ہُنٛدِس وَننس سپُد ادلہٕ بدل۔

یٚیلہِ مارِ وٲتلو یہِ سأ لم وُچھ تہٕ تِمَن توٚر فکرِ زِ خدایس چھنہٕ یہِ منظوٗر۔ تہٕ

وۄنہَس "ہے سیائُری اُسی مارووتھ نہٕ ژ مگر اَسہِ وَن ہرگاہ ژٕ اُسی تژ اووتھ اُسی کٕہ پأٹھی بَچو پانہٕ تِکیٲ زِ یِیٚلہِ دیوان تہٕ باپأرِس یِہ نَنہِ زِ اَسہِ پول نہٕ ژھنٛد حکم تم گوٚھن ژ کہ تہٕ دِن اَسہِ سزا۔ اَسہِ چھُ حکم ژٕے گلہٕ ہیر ژٕ ٹنٛگ تہٕ سوواپس تورواتناوٕنی۔"

زہرا خاتونہِ وۄنُکھ "مَہ کھۄژِو۔" کینٛہہ میٚژ ہناسۄ مبرن تہٕ سوے اُڈرِن "بہٕ بناوٕ یَتھ گلہٕ ہیر" یِ ونان بنووُکھ اَتھ پَنہٕ نِسے کلس ہیوٚ گلہٕ تہٕ خدایس کوٚرُن زار پارٕ زِیہِ بنٕ یَتَن مازتہٕ خوٗنٛچ۔ خدایَن بوٗزُس یتہٕ۔ میٚژ گلہٕ ہیر بنیہِ فورن انسانہٕ گلہٕ ہیر یَتھ خوٗن اوس وَسان۔

"ژٕ ژُھیہٕ" تَمہِ وۄنُکھ "تہٕ دِیوِیہِ سوداگرس، سپاہورٕ ٹیہٕ تہٕ دژا اے اَتہٕ۔

یِیٚلہِ باپأرِکی یِہ رَتہٕ ئری گاہ ہیر وُچھ سہ گوو کأفی خوش تہٕ تمی تژٕ اُوِیہ پنہٕ نِس باغس نیٚبر گَنہِ الاٗژو۔

زہرا خاتون روٗز کینٛہہ کالا جنٛگلس منٛز تہٕ یِہ موٗ یا سبزیا اَتہِ ژٕس تی کھییٚن۔ پَتہٕ یِیٚلہِ اَتہِ نیرٕنچ خاہش گیس تَمہِ وۄن اُکس کُلس زِ ژٕیوٚ دحیا بند وچھن تُمس دُژ زِ بہٕ کوٚت گیس۔ سو گیہِ بیٚیس مُلکس تہٕ اَتہِ سمکھے یَس اَکھ غریب بُڈ زنانہ تہٕ روٗز اُمِ سِے نِشہِ۔ دوہلہِ اُس یِہ کاٹھ تہٕ باقے تم چیز سوٚمبرنہٕ گژھان یِمَن سوٕ گنٛتھ ہیکہٕ ہے تہٕ راتس اُس اُمِس بُجہٕ ہنٛدِس گرِس منٛز شونگان۔ پَتہٕ ووت وقتاً تہٕ زاس اَکھ اصل لڑکہٕ ہنا۔

اتفاقن اوس اُمی وقتہٕ مُلکانہٕ تہٕ وَقت۔ سو اُس منگہٕ منگ تہٕ وومید کران زِ تَس زیوِ نیچو تِکیٲ زِ بادشاہَن اُس تس دھمکی دِژمژ زِ ہرگانہٕ تَس نیچو زاو سہ ژھنہِ تَس

مأرِتھ۔ اِدٕ کنٕز أس سۆ بچأر بڈٕ پریشان۔ تمہِ اناوِ شأہی وارِنہٕ تہٕ پرٛژھنکھ ژِ تس زنوٚ یا نچوٚ کِنہٕ نہٕ۔ تمو سارِوٕ دِیُت ہس نکارس مٔنز جواب تہٕ دِتِھس مشورٕ ژِ سوأنِ گنہِ نوزاد بچہِ یُس لڑکہٕ آسہِ تہٕ سو کٔر یوسہٕ تمَن باسان اوس ژِ أمی ہنٛدِ مرِ پیہِ تسُ مہ تھأوِن اَتہِ۔ مُلکہ بۆ زیٛہنز یہِ گتھ تہٕ پرٛ بتھ لٔنڈ گرِن خبری رولنہٕ یتھ تِم تس خأطرٕ یتھ شُرا ہِنٛدِ کڈٕن۔

یمِوٕ خبرِ یوٚ مٔنزٕ وۄت اَکھ أمس بچہِ ہُنٛد گرٕ تہٕ اَتہِ یہِ نوزاد بچہٕ وُچھتھ وۄنُن تس ژِ ژٕ کٔن تَن یہِ مُلکانہِ۔ یہِ أس اَکھ لالچی بڈ مانگٕنیا تہٕ کوٚرُن أمس اقرار۔ بچہِ دِتُن أمس نفرس تیمی سٕہ ژٕلی ژٕلی مُلکہ نِشہِ واتنو۔ مناسب وقتس آو بچہِ ہنٛدِ زہٕنک اعلانہٕ کرنہٕ تہٕ شہرس مٔنز آیہِ زبردست خۄشیہِ مناونہٕ۔

یام سٕہ خبری درامُت اوس بُچہِ آسہٕ کینٛہہ بچہِ گنہِ سۆمبرٕ مُژ۔ یمُو مٔنزٕ تھأوتمہِ اَکھا تتھ جایہِ بیٚتہِ یہِ بچہِ شۆنگتھ اوس آسان تہٕ باقٕے گنہِ تھاوِن المارِ مٔنز۔ یِلہِ زہرا خاتون واپس وأژ تمہِ (بُچہِ) دِتُس باس ژِ کوسہٕ تانٛی بِہیا تا آیہِ اور تہٕ تِمی بناوٕ أمس شُرِس تتھے کٔنٛز کٔنٛز تِتھہٕ کٔنٛز تمہِ تِمی ہنٛد بن واریاہَن شُر بن بناوِ مٔژ آسہٕ تہٕ اَدٕ موکھہٕ ہاوِنس تمہِ گنہِ یمہٕ المارِ مٔنز آسہٕ بیٚہِ وۄننس یہِ وِہیات چھے اور ژٕری یَس مٔنز اکہِ پھرِ یوان۔ بچأر زہرا خاتون۔ تمہِ کوتا وۄ دنچوٚ راونس پیٛٹھ۔ گوٚڈٕ رووُس خانہٕ دار تہٕ وۄنٛی نچوٚ۔ سو أس وۄنٛی پانس خأطرٕ موت کانٛچھان۔ یہِ دُنیا چھُ ظألم تہٕ یہِ چھُ تس خأطرٕ تفریق۔ تَس گتھ کیٛتھ اوس زندَے روزُن۔ تَس خأطرٕ اوس یہِ ماتِھے ماتم۔ سو أس وۄنٛی دۄہَس موٚ، زُین تہٕ کینٛہہ تتھی چیز سۆمبرٕ نہِ نیران۔ یتھ پیٛٹھ زِنٛدٕ ہیکہِ ہے رۆزِتھ تہٕ راتھ کیٛتھ أس

أمِس مکرِ بجہٕ ہُنٛد گرٕ بوان ییٚتہٕ نہٕ تَس کانٛہہ سکوٗ نااوس۔

اَتھ دوران گو وتُنٛد نیچو (یُس وۄنۍ شہزادٕ اوس) بڈان تہٕ سُہ بنیاوا کھ عاقل تہٕ رُت جوانا۔ پَتہٕ نس چکرس دوران اوس سُہ اکثر أمِس بجہٕ ہٕنٛدِ گرٕ ۔کنۍ نیران۔ اکہِ دوہہ پییہٕ تس زہرا خاتونہٕ پیٹھ نظر یوسہٕ امہِ ساتہٕ دُہچہِ دربدری پَتہٕ واپس اُس یوان۔ سُہ گو وتسنٛز خوبصورتی وُچھتھ سخت متأثر اِ ۔کنۍ کوٚڈُن پَے زِ یہِ کتہٕ چھےٚ روزان۔ پتہٕ ییٚلہِ سُہ واپس محل خانہٕ ووت سُہ گو و بادشاہَس نِش تہٕ کٔرن تس عاجزی زِ مےٚ گرأر ہے ٔستۍ کھاندر۔ بادشاہَن کوٚرس وعدٕ زِ ٔبہ سوچہِ اَتھ پیٹھ تہٕ اناوُن زہرہ خاتون نار دِتھ محل خانس منٛز۔ سُتہٕ گو وکٔ ہنٛز خوٗبصورتی تہٕ ووتُھن بہن وُچھتھ زبردست متأثر۔ تٔمۍ وۄن تَس زِ شاہزادس چھےٚ چأنۍ سخت ماے تہٕ اِ ۔کنۍ گرٕ کھاڑ تَس ٔستۍ کھاندر۔ اَتھ کتھِ درجواب وۄنُس تٔمہِ زِ سوچھےٚ گوڈَے نیتر گرٕ اکھ تہٕ تَس چھنہٕ یہِ معلوٗم زِ تَسُنٛد خانہٕ دار کیاہ چھُ گزریومُت وۄ ل گو وتمہِ کوٚرُس وعدٕ زِ ہرگا تس بییہٕ شبن رتبن تسُنٛد ۔کہنۍ تہٕ نیٚاد نہٕ تیٚلہِ گرِ سو شاہزادَس ٔستۍ۔

بادشاہَن مون أمۍ سُنٛد یہِ درخاس تہٕ اَمہِ ۔کنۍ بیوٚٹھ کینژس کالس یہِ معاملہٕ۔ تٔمہِ وُرکۍ یہِ تہٕ تٔمہِ پَتہٕ واریہَن وُریَن اوس حیابند کاربار ۔کس سلسلس منٛز دنیا کین مختلف مُلکَن پھیران۔ تہٕ چھیکرس اوس یہوے وقتا زِ سُہ آوا کھ امیر شخصا بٔنتھ گرٕ واپس۔ ٔمۍ سوٗچ زِ ٔبہ ژھانڈَن پننۍ زنانہٕ تہٕ یہِ زانتھ زِ تسِنٛدِ ۔کنۍ اوسنہٕ کانٛسہِ نقصان ووتمُت۔ أسۍ ہکو یہِ انداز کٔرتھ زِ تَس کوتاہ دوکھ آسہِ یہِ بوٗزِتھ سپُدمُت زِ تَس ٔستۍ کیاہ آو کرنہٕ۔ تٔمۍ پرژھ مأیس ماجہِ زِ مارٕ واتلو کیأ رۍ اُس تسنٛز زنانہٕ ہمٔش تہٕ ۔کتھہٕ اوسکھ نہٕ

ظاُلم حُکم عملہٕ منز اوٗ نمت۔ییلہِ تِموٚ اُمس یہِ ووٚن تِمۍ ڈۍ کینہہ ضروری چیز تہٕ دزاوٗ تِمۍ وَتہِ۔خدایہِ ہٕنٛدِ یرٛ ژھنہٕ ووت سُہ اَتھ جنگلس منز تہٕ دزاوٗ تِمۍ گلہِ کٔنۍ۔یتھ زہرا خاتونہٕ یہِ ادس ووٗ نمت زِ ژٕ ڈٔ نۍ زِ ژَس میوٚن پے پناہ۔"چأنۍ آشنۍ چھنہٕ موٚمرٕ" گلۍ ووٚنُس "یوسہٕ گلہٕ ہیر چأنس مأرٕس نِشہِ واتناونہٕ آیہِ سوأ س نہٕ چانہٕ زنانہٕ ہٕنز۔چأنۍ زنانہٕ چھےٚ زِندٕ ے۔نیر کانٛہہ ژٕ یرٛ لاگنہٕ ورأ ے تہٕ وات فلأنۍ مُلکس تہٕ تتہٕ لبِہٕ ہَن ژٕ سوٗ یوسہٕ سُہ ژھانڈان چھُہَن۔

کینژَن دوٚہَن سفر کرنہٕ پتہٕ ووت یہِ جوان سوداگر تتھ مُلکس تہٕ اکہِ دوہہٕ صُبحأ ے ییلہِ سُہ شہرکہِ بازرٕ منزٕ پکان اوس تِمۍ وُچھ کینہہ زنانہٕ بچہِ ہُنٛدٕ گرٕ کٔن چیز پکناوان۔

"یِم چیز کُس کٔتھی چھِ؟ توہہِ کوٚت چھُو گژھُن؟" تِمۍ پرٛژھ یِمَن۔

"اَتہِ چھےٚ اَکھ زنانہٕ یَس زہرا خاتوان چھِ ونان تہٕ تِمۍ سُنٛدٕ ے کھاندر چھُ شہزادَس سٔتۍ سپدَن وول۔تِمۍ ہٕنٛدِ سخت غریب آسنہٕ کٔنۍ چھِ بادشاہَن یِم پکو تہٕ لال جوأہر کھاندرٕ خاطرٕ سوٗزی ہٕتۍ۔سوٚ چھےٚ واریاہہ ڈٔری برٛونٛہہ ییٚنہٕ کِنہِ تأنۍ مُلکہٕ پٔتھٕ یور آمٕژ۔"

یِمہٕ کتھہٕ بوٗ زِتھ دِژ حیابندن اُمس بچہِ ہٕنٛزٕ موہرٕ واژنۍ وأج تہٕ کوٚرنس زارٕ پارٕ زِ یہِ ہاو تہٕ زہرا خاتوٗنہٕ۔بچہِ یِمہٕ ژےٚ سٔتۍ درواز س تانۍ تہٕ پرٛارٕ اٚتۍ تھے۔زنانہٕ کوٚر تہٕ زہرا خاتوٗنہٕ پرٛزٕ ناوِیہِ ڈٔستی۔سوٚ دزٕ لیہ نبر تہٕ روٚ ژُن یرٛ کالہٕ پٔتھٕ روومُت پٔتِن خانہٕ دارنالہِ متہِ۔اُمۍ ہٕنٛدِ تیژ خبر آیہِ فل فور محل خانہٕ سوزنہٕ۔بادشاہس سِپُد سبٹھاہ مایوس اما

پۆژ شہزادٕ اوس سخت اشتعالس منٛز۔ أتھی مۄرس منٛز دڑا اوسُہ فورن تہٕ ووت تٔھ گرٕ منٛز ییٚتہِ زہرا خاتون روزان أس تہٕ گرٕن سویہِ گتھ مأنٛی راوِنٛچ کوٚشش زِ سونیرِ تٔسی دِتی۔ مگر أتھی منٛز آوسُہ کتھہٕ تأنی پأٹھی پرزٕ ناونہٕ تہٕ ننٛیا وزِیہِ اوس تٔسُند نیٚچو۔ مُلکانہٕ تہٕ تہٕ بچہ تہِ ووٗن پانے تہِ سأنٛلم یہِ حقیقت أس۔ تیمی خبری یَن بچہِ نُمت اوس تٔمی کر تہِ ووٗن سورُے کیٚنٛہہ مگر یمو شہادژ وہُر یمانہٕ یُس سارِوے کھوتہٕ بۄڈ ثبوٗت اوس سُہ اوس یہِ زِ یہِ لٔڑکہٕ اوس پننہِ ماجہِ تہٕ مأنٛلس ہتی شکلہِ رلان۔

بادشاہَن ییٚلہِ یہِ سأنٛلم بوٗزتَس کھوٚت زبردس شرارت۔ تٔمی ژھٕنی فورن ملکہ ترٛأوِتھ تہٕ بُڈ ژھناوِن مأرِتھ۔ حیابند، تٔمی ہنٛز زنانہٕ تہٕ تہُنٛد نیٚچو گے پٔنٛن مُلک واپس ییٚتہِ تِم امہِ پتہٕ ہمیشہِ پانہٕ وأنی خوش پأٹھی روٗدی۔

(راوی: پنڈت شِو رام، بانہٕ محلہٕ سرینگر)



# چالاک شال

یِہ اوس زمین واینگ وقت تہٕ اَکھ گرٕ ستادژ اوسُلی پَنٕہ نِس کھہَس گُن تہٕ زنانہِ وۄنُن زِ ژٕ تہِ یِلی زِ جلدٕ ے بتہٕ ہتھ۔ یِیلہِ بَتہٕ تیار گوو زنانہِ تُج اَمہِ منٛزٕ اَڈ ہناتہٕ نِین خاوندَس۔ کھہس منٛز تِمس نِش دۄرٕ ے پہَن تھاؤِتھ وۄنُنس "یِیکیاہ چھِی بَتہٕ تہٕ بٔہ ہیکہٕ نہٕ بیٚتہِ رۄزِتھ" کہٕ کاںٛلی یِیلہِ گرٕ ہٕس بَتہٕ اَنہِ گووکر دُچھاَتہِ بانہٕ ژھوٚرٕ ے۔ تَس کھوٚت اَتھ پیٹھ سخت شرارت تہٕ شامَس یِیلہِ سُہ گرٕ وۄت تمٕ گر زنانہِ سخت بوٚ اٚری زِ سوچھےٚ اُمِس اوٚ نگجن پیٹھ نژناوان۔ تَس اوس پنٕنہِ جایہِ یِلی خیال زِ سُہ چھُ اَپُز ونان اَمہِ کِنی کھوٚت تَس تہِ غوصہٕ۔

دۄیمہِ دوہہٕ صُبحٕ گرِ نیرنہٕ برٛ وۄنُہ وۄنُنس کالہٕ کی پاُٹھ زِ ےٚ اَنی زِ بَتہٕ تہٕ ہوٚنی ہندی پاٹھی تھاؤی زبم نہٕ بوچھِ بوچھِ گرٕ وُن۔ اَمہِ دوہہٕ نیوٗ تمہِ تَس خاطرٕ اَکس بڈٕس کترِ لیٚلس منٛز دہ گنہٕ بَتہٕ تہٕ کھہَس منٛز تھاؤِتھ وۄنُنس "دُچھ وۄنی۔ یِلی چھِی کالَس تانی کھمن۔ پَتہٕ وۄنی زبم نہٕ زِ ژےٚ اوٚ نتھم نہٕ۔ بٔہ ہیکہٕ نہٕ بیٚتہِ رۄزِتھ تِکیاز گرِ چھنہٕ کہٕنی" یِہ ونان وژ ایہِ سو۔

کہٕ کاںٛلی آو اَکھ شالا۔ یِہوٚ ہے اوس راتھ تہِ آمُت تہٕ بانٛس منٛز گلہٕ ترٛ اُوِتھ اوسُن بَتہٕ کھیتھ نِمُت۔ یِہ شال اوس تیوٚت بےتاب بَتہٕ کھینہٕ خاطرٕ زِ اَمی بوٚ رزورٕ پَتٕن

گلہٕ لیٚجہٕ ہٕنٛدِس تنگ گُلس منٛز تہٕ پَتہٕ ہیوٚکُن نہٕ اوٚرٕ واپَس کڈِتھ۔ یہٕ اوس وۄنی پۄرٕ تاوُنس لۄ گمُت اَمہِ لوگ اوٚرٕ یور گرُن، گلہٕ دُنٕ تہٕ بانس پٔتھرِس پیٹھ دَب کڈٕنی پتھٕ یہِ پھٕٹہٕ ہے۔

اٰخرتہٕ وُچھ گرٕیسی زِ معاملہٕ کیٛاہ اوس تہٕ آوشرٕ اکہٕ پچِ ہیتھ دوران دوران تہٕ گوس ونان ''کولہٕ ژۄٚر، ژےٚ نیوٚتھ امیوٚن کھمن، ہیٛا؟''

شالَن دِژ کربکہٕ ''مےٚ تراوتہٕ یلہٕ۔ مےٚ کرتہٕ ییٚمہِ لیٚجہِ منٛز آزاد پَتہٕ یہٕ ژٕ وَنکھ تہٕ دِمےٚ بہٕ۔''

گرٕیسی ووٚنُس ''چلوٹھیک چھُ''۔ فورَن ژٕھنِن لیٚج پھُٹرِتھ تہٕ شال گو یلہٕ۔

''شکریہ۔ ژےٚ گژھی نہٕ اٰزی چہٕ یَتھ کامہِ پیٹھ کانٛہہ افسوٗس سپدُن۔''

شالن ووٚنُس تہٕ اٰتھی ستۍ الوداع کران دژاو بادشاہٕ ہٕنٛدِس محل خانس کُن یُس کیٛنٛہہ میل دوٗر اوس۔

بادشاہٕ ہٕنٛدِس دربارس منٛز اژان ووٚن اٰمۍ ''بادشاہ سلامت۔ مےٚ دِیِو اجازت بہٕ گرٕتھ ژٕ کورِ ہُنٛد کھاندر۔ یہِ میوٚن شرارت کھبو۔ بہٕ ہیکہٕ ہانہٕ اَتھ معاملس منٛز توہہِ ستۍ یِتھہٕ کنٛی کتھ کرِتھ ہرگاہ نہٕ مےٚ حالے ییٚتھ نفر آسہِ ہے وُچھمت یُس زَن پزٕ یتھ رنٛگہٕ شاہزادِ لایق چھُ۔''

بادشاہَن ووٚنُس ''ژٕ ہیکہٕ ہَن ژٕسہٕ نفر یور اٰنتھ تہٕ بہٕ وُچھن سہٕ۔''

اَمہِ پَتہٕ دژاو شال جلدی گرٕیسی سُنٛد گرٕ کُن تہٕ اندر اژان ووٚنس زِ ژٕ کر وُلی وُلی ہمسایہٕ مُلکہٕ کِس بادشاہَس نِشہِ یہِنہٕ خاطرٕ تیٛاری یُس ژےٚ پنُن زامتٕرٕ چھی

غریب اِنسانس خاطرٕ چھےٚ سبٹھاہ جان"

شالَن وۄنُس منٛزٕ ے "جناب وُچھو أمی سۭنز پیٚزمی"

بادشاہَن وۄنُس "ژٕ روزَ کھاز رانَس ییتہٕ محل خانس منٛز تکیازِمےٚ چھےٚ ژےٚ ستی کینژن معاملَن متعلق کتھ کرٕنی۔ تہٕ ہرگاہ ممکن سپد پگاہ گژھہٕ بہٕ تہٕ وُچھ چون گرٕ"

تتھ رانَس کۆر بادشاہَن، گرٕ پسی تہٕ شالن وارِیاہ دربارا۔ تہٕ یہ زَن اندازے چھُ زِ گرسیوٚس رۆد لگاتار ہژرلدٕ ے اورُک یورونان مگر چالاک شال رۆد تتھٕ پأٹھی معاملہٕ سنبھالان زِ بادشاہ سپد گلس پیٹھ اَتھ رشتس پیٹھ تیار۔

مگر پگہہ کیاہ بنہٕ؟ شالَس أسی رأتی رانَس أتھی معاملس متعلق خیال ذیہنَس منٛز گتہٕ گیوٚ رکران۔ وۄنی یام بادشاہ تہٕ گرسیوٚس اورُکن وژاے شالن مۄنگ یمَن برنٛہہ نیرنک اجازت۔ أمی یوٚت ہیوٚک تیوٚت تیز دوریاوِیہ گرٕ پسی سُند گرٕکن تہٕ دِتُن اَتھ نارتہٕ ہُم ییلہٕ نکھہٕ وأتی سہٕ آو تمن بُتھہٕ کربکہٕ دوران "بادشاہ صأب، مہربأنی کرِتھ مہٕ پکِو بژ وٕنہہ۔ أمی سُند گرٕ تہٕ جاداد سپد وأران۔

اَتھ منٛز گژھہٕ کأنسہٕ دُشمن سُند اتھہٕ آسُن۔ بہٕ چھسو توہہٕ گلی گنڈان توٚہی دۄنوٚ ے پھیر ووا پس۔"

لہذا پھیوٚر ییہٕ بچور سیوٚد بادشاہ واپس تہٕ کینہہ کألی کوٚرتُمی پننہٕ کورِہنٛد کھاندر أمِس زٕژ گرٕ پسی تِس ستی۔

(راوی۔ پنڈت واشہ کول، کھہپوٚر پرگنہ کرہُن)



# سیٚد ابوٗٹی

أکِس بناوَتھ لِدنہٕ موٗنٹِ ہٕنڈِس گۄدرنس سۄپد تمہٕ ساتہٕ ہُر بریلہٕ تَس یہ ننٛیاو زِتسُند نیچو، یُس تس گُنے اوس تہٕ یَس ءِتیٚ تَس سبٹھاہ ووُمیدِ آسہٕ اوس چور۔ اکہٕ دوہہٕ سۄزُن تمہِ کینٛہہ کُرہبتھ بازرتہٕ ووٗنُس یہِ کٔنٛز زِ ژۄن روپَین۔ لڑکہٕ گو وتہٕ بیوٗٹھ شہرِ چہ سارِو ے کھوتہٕ بجہِ دَتہٕ پٹھ یہ أرٕ زیادٕ ترلوٗکن یُن گوٗھُن اوس۔

أکی نفرَن پرٕ ژھُس "ژےٚ کوٗتاہ گژھی أتھ کُرٕ ٹکرس"

لڑکن ووٗنُس "ژورروپیہ"

"چلوٹھیک چھُ۔ بہٕ دِمے أتھ ژےٚ شےٚ روپیہِ۔ یہ لَوٗتیوٗت۔ رَٹھ سایمہٕ گیٚیے روپیہ"

"نہ نہ" لڑکن ووٗنُس "أتھ چھُ ژورروپیہ قمت"

نفرَن ووٗنُس ژکھِ سان "کولہٕ بدماشہٕ" تہٕ دژاوپانس۔ تَس باسیاو زِ یہ لڑکہٕ چھُ مےٚ ءِتیٚ مَسایہِ ژٹان۔

شامَس بأ گی گرِ واٗتِتھ ووٗن أمی ماجہِ یہ واقہٕ تہٕ تَس پھیوٗرسخت زِ أمی کیٚاز رَچِہ نہٕ تمہٕ روپیہِ۔

دوٚیمہِ دوہہٕ سوز نہٕ تمہِ بازرتہٕ ووٗنُس ہارِنے گوٗھہِ سلام کرِنی تِکیٚازِ

شایستہٕ گیٚ ستیٚ چھنہٕ کانٛہہ چیز راوان بلکہ چھُ اَمہِ برعکس کُنہِ کُنہِ پژ بتھ کانٛہہ چیز اَمہ ستیٚ حاصل سپدان۔ یہِ بیقل دژ اوتہٕ یُسے نفر ایایُسے چیز ابُتھِ پیوٚس تتھ اوس ہکہٕ سلامہ کران۔ ڈُوَن واٲلس تہٕ، گُرس تہٕ، ہٕنکمن شُرٛ بن تہٕ، کُنہِ مکانس تہٕ۔ کینٛہہ خردژاے بور ہیتھ اٲمس کِنۍ تٕہ تٔمۍ کٔریمَن تہٕ سلام۔

وۄٚں یُس خر وول یمن ستیٚ اوس تٔمۍ وۄنُس ''ہیو۔ بے وقوفا۔ ژٕ کیاہ یہِ کران۔ ژٔے چھی ناپتازِ اَسی چھِ یمَن پژ ژ ہ، پژ ژ ہ کران۔'' یہِ بوٗزِتھ لوگ اٲمۍ لڑکن پژ بتھ کانٛہہ نفریا چیز ڈیٖشتھ یمَن پژ ژ ہ، پژ ژ ہ کرُن۔ سُہ دژ او اٲکِس نفرس کِنۍ یٖمۍ امی وِزِ سُہ جاناوار رٔٹنہٕ خاطرٕ والہٕ وٲش اٲس لاجمٕ۔ یُس سُہ رٔٹُن اوس یژھان۔ لڑکن لوگ کرُن ''پژ ژ ہ پژ ژ ہ'' یٖمہِ کِنۍ جاناوارس گٔیِ چھگ لٔج۔

''ہیو بدماشا۔ ژٕ کھویہِ کران'' اٲمۍ نفرن وۄنُس ''ژٔے پزٕہی لوٚت لوٚت وَنُن لٔگو۔ لٔگو۔ لٔگو۔''

اَمہِ پتہٕ لوگ لڑکن وَنُن ''لٔگو۔ لٔگو۔ لٔگو۔ لٔگو'' سُہ اوس اورِ یورٕ پھیران تہٕ کربکہِ دِوان ''لٔگو، لٔگو، لٔگو، لٔگو'' تہٕ اٲتھی منزٕ پے تٔمس کینٛہہ ژوٗر بُتھِ یِم اکہِ باغہٕ منزٕ اَمہِ وِزِ میوٕ ژوٗرِ اٲنتھ اٲسی نیران۔

تِمو وۄنُس ''ژٕ کِہو یہِ ونان۔ بے وقوفہٕ کرژھو پہ۔ نتہٕ وَن بدل کینٛہہ۔ گوہ دِکربکھ ''اکھ گوٚل تہٕ ہنِ بیاکھ۔''

وۄنۍ لوگ لڑکن یی وَنُن تہٕ ییٚلہِ سُہ یہے کربکھ اوس دِوان لیٲرکو ڈکھا کھ تو بوٗت۔

کینژٕ و ماتم زدو وۄنُس ''گر ژھوپہٕ۔ ژےٚ چھی نامورٕ سُنٛد رژھ تہٕ احترام۔'' گرٕ ھدفا گرٕ''

چھیکرس بددل تہٕ مایوٗس سَپِد تھ ییٚلہِ تَس کہنٛ فِکرِ تۄ رنہٕ زِ کیٛاہ چھُ گرُن تہٕ کیٛاہ چھُ دَنُن سُہ بیقل گوٚو ماجہِ نش واپس تہٕ وۄنَس یہِ سورُے کیٛشہہ۔

(راوی: اَکھ بٔڈ زٔانہٕ کٔدل سرینگرٕ کی پنڈت
آنندکوٗلَن سۄمبرٕ مرٕ مصنف پنٛدِ خاطرٕ)



# ژور شہزادٕ یم وٕڈسی گٔے

پرانہِ زمانہٕ اوس اَکھ بادشاہا تیٚمس ژور نیچوٕی آسی۔ تٔمی دِیُت یمَن حُکم زِ توٚہی آسِو وارِ وارِ دوٕہس راتَس مُلکس منٛز نظر گُزر تھاونہٕ خاطرٕ پھیران روزان۔ اکہِ دوہہٕ صُبحأے اوس بوٚڈ ہیوٗ شہزادٕ اورٕ یور پھیران تہٕ تٔمِس سمُکھ اَکھ جوٗگی یُس اَکِس تلاوس نِش اوس بِہتھ تہٕ بیٚتہِ نکھے ژور گری گاسہٕ آسی کھوٗان۔ ییٚلہِ اَمی یہِ وُچھ زِ یم گری چھِ اکہِ بہترٕ الگٕے نسلکی تھی نہٕ اَمی ہِشدِس مأیلس نِش تہِ آسی یہِ شہزادٕ گوٚو جوٗگِس نِش تہٕ ووٗننس "جوگیاہ۔ ژٕ کُس چھُکھ؟ کَتہِ پیٹھ آکھ؟ تہٕ ژٕ ے کیاہ گوٗمی بیٚتہِ؟"

جوٗگی ووٗنُس "بٕ گرہکھ ژٕ"

حأران گٔژھِتھ ووٗنُس شہزادَن "بٕہ۔ بٕہ چھُس ییٚمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہٕ سُنٛد زیٚٹھ ہیوٗ نیچوٗ تہٕ بٕ چھُ مأنی حُکم دِتمُت زِ بٕہ تھاوٕ بیٚتہِ نظر گُزر تہٕ وُچھِہ زِ کأنسہِ ما چھُ کینٛہہ ضرورت۔ بٕ وَن اگر ژٕ ے کانٛہہ ضرورت چھی۔"

جوٗگی ووٗنُس درجواب "اے شہزادٕ۔ بٕ گرٕھِ نہٕ کینٛہہ سوالہٕ ژٕ ے تہٕ ووٗز

ہرگاژٕ ے کینہہ ضرورت چھی مےٚ وَن ئہ گرِ تہٕ چانہِ خاطرٕ حاصِل۔“

شہزادَن وۄنُس ”جوگیا! ئہ گرٕ ہا چأنس أکِس خوبصورت گُرِس سوأری۔“

جوگی وۄنُس ”عأش گرِتھ۔ مگر خیال تھأوِ زِ تہٕ شامَس وأتی زِ مے نِش یہِ

واپس ہیتھ تہٕ ژٕ ے سمکھِتھ بوزِ ئہ ژٕ ے نِش تیٚتھ کینہہ یہِ ژٕ ے وۄچھمُت آسیتھ۔“

لہذا اروٗٹ شہزادَن گرِ تہٕ دڑاو سوار گوٚ ہتھ۔ یام سُہ أمِس سوار سپُد تِتھے

دڑاویہِ واوِ کی پأٹھی أکِس جنگلس کُن تہٕ اَتہِ پیٚوس اکہِ لوکچہِ سبزی وارِ کِنی ژُکُن تِکیا زِ

اَتھ أس پژٕ بتھ اندِ رتژ ھ پےٚ دِتھ زِ اور ہیکہِ ہے نہٕ کانُہہ اَکھا تہِ أژتھ۔ اَمہِ پتہٕ دڑاو

یہِ شہزادِ جنگلس کُن بیٚیہِ ہنا گُرِس پیٹھ تہٕ پتہٕ پھیوٚر واپس۔ وَتہِ دُ چھ کُر تمہِ زِ پیٚیہِ یمہِ تہِ

لورِلا رِگتھ آسہِ تمن أسی دڑ أتی بنیمتی تہٕ أسی سبزی ژٹان۔ سُہ گوو یہِ ڈیٚشتھ حأران مگر

امیکہِ وجہ تو رُس نہٕ فِکرِ۔ شامس بأگی جوگس نِشہِ وأتتھ پژٕ ژھس أمی اورِ زِ کیٚتھ مزا

أےسوارِ تہٕ ژٕ ے کیاہ وۄچھتھ۔ جواب دِتنس ”مےٚ وۄچھ اَکھ وأرا۔ تھ پژٕ بتھ اندِ

رتژ ھ پےٚ أس دِتھ زِ کانُہہ ہیکہِ ہے نہٕ اَتھ اندر أژتھ تہٕ مےٚ وۄچھ امے پیٚیہِ ہِنزٕ لورِ

دڑأتی بنیمٕتہٕ تمے سبزی ژٹان۔“

جوٗگی پژٕ ژھس ”اچھا تہٕ اَتھ کیاہ چھُ مطلب؟“

شہزادَن وۄنُس ”مےٚ چھنہٕ پتاہ۔“

”ژٕ ے چھی نہٕ پتاہ!“ جوٗگی وۄنُس ”تہٕ ژٕ ے چھی مأنی وۄنمُت معاملن

وۄچھن واشُن۔ گژھ وٕ ٹسی“ تہٕ تِ سپُد۔ امی ساتہٕ بنیاو شہزادس گنہِ ہُند تھما۔

دۄیمہِ دوہہٕ صُبحس دڑاو دۄیم نیچوٚ بأیس ژھانڈنہٕ خأطرٕ تہٕ دڑاو جوٗگس رِنی۔

گری وُچھتھ رُکیا وسہ تہٕ پرٛژھُن جوٗگس زِژ گُس چھکھ تہٕ گتہٕ پیٹھ چھکھ آمُت۔

"بہٕ چھس یَتھ مُلکس کُن چکرٕ ہنا کرنہٕ آمُت" جوٗگی دِتُس جواب "

ژ وٗنو ے گری چھِہ مینز۔ ژ ما گرَکھ کانٛسہِ سوأریا؟ راتھ آو بادشاہ سُند زِیُٹھ نیچو ے ژ

تہٕ ہیوٗتُن مےٚ اَکھ گُرِننگ اجازت۔ مےٚ بنوٗوتَس وٲنٛسی پَل تِکیازِ تَس توٗگ سہ نےٚ بہٕ

سمجھاوُن یہِ زَن تُمی اَتھ سوارِ دوران وُچھمُت اوس۔"

دوٚیم شہزادَن ووٚنُس حارأنی سان "اچھا۔ تہٕ تُمی کیاہ اوس وُچھمُت؟"

پَتہٕ ووٚن جوٗگی أمِس وَعدٕ کرِتھ زِ ہَر گاسہ یہِ سمجھاوِتھ ہیکہِ زِ پَیہِ ہنزٕ لور کیازِ

آسہٕ تمہٕ دژ اَتی بنیمٕ یمہٕ سبزیہِ ژٹان آسہٕ تیٚلہِ بناوِسہ أمی سِندِس باٲیس واپَس تِھ

یُتھ سہ گوڈٕ اوس۔"

شہزادَن ووٚنُس "ژے کوٚرتھ یہِ بڈٕ مُشکل سوال۔ بہٕ کتھٕ کنٛی ہیکہٕ تہٕ

سمجھاوِتھ یِنہٕ مےٚ زانٛہہ وُچھمُتے چھُ؟ تہٕ ووٚن ہرگاچون کانٛہہ خوٚ بصورت گرِتھ ہیکن۔

بہٕ گژھہٕ تیٚلہِ تہٕ کرٕ اَتھ سَرگی تہٕ اِدِ دِمےٚ ژے جواب۔"

لہٰذا کھوٚت سہ أکِس گرِس تہٕ دژ اوٚتہٕ۔ جنگل وأتتھ وُچھ أمی اَکھ تاز

زامُت ووٚژ ھاتہٕ موجی أمِس دودٕ ژہان۔ سہ روٚ دیہِ عجیب نظارٕ وار یٚہس کالس اَتھ

مُدے گنٛڈِتھ وُچھان تہٕ پَتہٕ آو جوٗگس نش واپس۔

"اچھا۔ کیاہ وُچھتھ ژے" أمی پاکبازَن پرٛژھُس۔

شہزادَن ووٚنُس "جوٗگیا۔ مےٚ وُچھ اَکھ ووٚژھ ماجہِ دودٕ چاوان۔"

جوٗگی پرٛژھُس "تہٕ چھیا پتاہ تہٕ کیاہ گوو؟"

شہزادَن وۄنُس ''نہ''

''کیاہ! ژےٚ چھی ناپتاہ۔''

شہزادَن دِیُت نہٕ دُبارٕ جواب۔ اَمہِ پتہٕ دُیٚت جۆگی اُمِس ٹرٛاپھ تہٕ سُہ بنیاٛ وکنیٖ تھمب۔ یِیٚہِ دوہہِ صُبحس آو ترٛیم شہزادٕ لیاُرک یِیٚتہٕ جۆگی اوس ٹھٔہرِتھ تہٕ گُری وُچھِتھ تنبلیاٛ وسُہ تہٕ آو جۆ۔ کس نِش تہٕ پرٛژھنَس ژٕ کس چھُکھ تہٕ تُمس، کتھہٕ پاُٹھی میلہ یم خۆبصورت جانور۔ یمَن سوالَن گنہٕ ڈول دِتھ کورُ اُمی رٕتی شخصَن اُمِس پتھ بیٚہنک درخاس تہٕ گتھ باتھہِ دوران یِیلہِ اُمِس یہِ نتیاٛوزِیٚہِ جوان تہٕ چھُ امی مُلکہٕ کس بادشاہ سُند نیچو تہٕ پنٕہ نمن دون بایَن چھُ ژھانڈنہٕ دڑامُت تہٕ تُمی وۄنُس اُدٕ زِ تمَن ستی کیاہ گۆرُیاو۔ بڑ وۄنہہ کُن وۄنُس ''مگر۔ ہرگاہ ژےٚ یہِ وُنتھ ہیکھ زِ یِیٚہِ ہرٛژن لوربن کیاٛ زِ بنے دراُتی تہٕ وۄ ژھ کیاٛ زِ اوس گاُ و دودچاوان تیلہِ بناوَ کھ بہٕ یم واپَس تتھی تہٕ تھ یم گوڈٕ اُسی۔''

شہزادَن وۄنُس 'شُکریہِ۔ ہرگاہ ژےٚ تانیٚ اَکھ گر دِہَن بہٕ گۆ ھہٕ تہٕ یمہٕ پانہٕ یم عجیب چیز وُچھِتھ۔'' ''یقیناً'' جۆگی وۄنُس ''گۆھ بَن اَکھ گُر تہٕ یہِ وُچھِتھ مگر یاد تھاٛوکی زِ شامَس تانیٚ واُتی زِ واپس۔'' تتھہٕ کنی یِیلہِ شہزادٕ گُرس پیٹھ جنگل وۄت تُمی وُچھ اُ کس نفرس شانَن پیٹھ زِنی بور۔ تَس اوس نہٕ وُنہِ تمہِ ستی تسلاہ یہِ تُمی گوڈٕ سۆمبرُ مُت اوس تہٕ وَنتہٕ اوس تہٕ ٹلان یہِ بتھِ اوسُس پہوان۔ شہزادٕ چھُ سوچان ''اَتھ کیاہ چھُ مطلب بہٕ کیاہ وَنہٕ جۆ۔ کس یِیلہِ سُہ مےٚ سوال گرِ؟''

افسوٗس، یہِ شہزادٕ تہٕ ہۆ کنہِ یہِ عجیب نظارٕ سمجھاٛوِتھ تہٕ اُدٕ کنی آو اُمِس تہٕ گنہٕ

تھمب بناوُنہٕ۔ بیٚیہٕ دوہہٕ صُبحاًے پیوٚ کانٛسہٕ کوٚٹ ہیوٚ بوے وأتتھ تہٕ گرٕن جوٚر
سلام تہٕ وۄننس ''جوگیا ژےٚ ماگےٚ میانٛز ترٕ ےبأ ے نظرٕ؟''

''آ۔ کرٕ دِتُس جواب۔ وُچھ ہوٚ کیاہ چھِ تمہ سأری۔'' یہ ونان ہوونس
یٚمن کنہِ تھمبَن کُن ۔ےٚ بدلأ وٚیمن شکلے تِکیا زِیموہیوٚ کنہٕ تہٕ سمجھأوِتھ یہ کینٛہ ہایوٚ
جنٛگلس منٛز وُچھ۔ وۄن گووٕ یہ ہیٚکہہ یم بیٚیہٕ پننہٕ پرٛانہِ شکلہِ منٛز أنتھ ہرگاہ ژےٚ یٚمن
کتھن وضاحت کرٕ کھ۔'' اَمہِ پتہٕ وۄننس تہٕ یہ ہموشہزادوٚ وُچھمُت اوس۔

شہزادَن وۄنُس ''یہٕ کرٕ کوٚشش، ہرگاہ ژےٚ پنٕن اَکھ گرٕ دِتھ ہیکہٕ ہن۔ یہٕ
گرٕ ھہٕ گرٕس پیٹھ جنگل تہٕ پانہٕ یٚمہٕ وُچھتھ ''أمِس میوٚل اجازت تہٕ شہزادٕ دزاو۔ جنگل
وأتتھ وُچھ أمہِ اَکھ تلاوٕ یٚمہِ منٛز آب اوس نیران تہٕ اوس باقےٚ تلاوَن برنہٕ یوان۔
یوٚت تانٛ زِیوٚ ڈ تلاو خألی سپُد تِکیا زِسأ لم آب اوس یٚمن لوکٹین تلاوَن برنہٕ آمُت۔
یٚیلہِ سُہ شامَس واپس وۄت تُمہ کرٕ وۄن جوٚگس یہ کینٛہ ہا أمہِ وُچھمُت اوس تہٕ تی
کوٚرُن اعتراف زِ سُہ ہیکہٕ نہٕ اَتھ وضاحت کرِتھ۔ لہٰذا آو سُتہٕ أ مِس کنہِ تھمبس منٛز
بدلاونہٕ۔

یٚیلہِ وۄنی بادشاہَن زون زِ تمہ سند بوٚنیچو بوٚ منٛز یوٚ زنہٕ أکھ سِٹر تہٕ وارہَن
دوہَن کتھاتَس گووشک زِ تمن ماچھُ کانٛہہ بناوتھ آمُت تہٕ دزاو تمن ژھانٛڈنہٕ۔ پکان
پکان ووت سُہ جوٚ گس کنہٕ تہٕ وۄننَس ''جوگیا۔ ژےٚ ماوٕ چھکھ یایوٚ زتھ کینٛہہ میانٛن
ژۄن نیچو بن ہُند؟''

جوٚ گرٕ ہوؤس ژورَن کنہِ تھمبَن کُن۔

حأران گژھِتھ وۆنُس بادشاہَن "کیاہ! ژٕ ماچھُکھ یہِ وَنُن یژھان زِ تِمَن چھےٚ کُنہِ بنیمژ۔"

جۆگی دِژُس جواب "ہۆ کیاہ چھِ تِم۔ مےٚ گۆری تِم وٕنِس تِکیاز یِمو ہیوٚ کُنہٕ تِمَن کتھَن ہُنْد معنے وٕنِتھ یہِ کینژھا یِمو جنگلہٕ وُچھ۔ وۄں گوو یِم ہکَن واپس پننہِ صوٗرژ منز یِتھ ہرگاہ ژٕ تِہنْدِ بدلہٕ یِمَن کتھَن وضاحت کَرَکھ۔ ہرگاہ ژٕ جنگل گوھُن یژھکھ ژٕ ہکہٕ ہَن میوٗن اَکھ گُرانتھ۔"

بادشاہَن وۆنُس "نہ۔ شکریہ۔ مگر ہرگاہ ژٕ مےٚ یہِ وَنکھ زِمیاٰنِمن نیچوبن کیاہ مَسلہٕ آے درپیش ئہٕ گرِ تِمَن ہنٛز اصلیت وٕچھ کوٗشش، پَتہٕ وۆنُس جۆگی "بڈٕ ہوی شہزادَن وُچھ اَکھ سبزی وأریَتھ پژٕ بتھ لنٛدِ تِژھ پےٚ اُس دِتھ زِ کانٛہہ ہیکِہ ہےٚنہٕ اور اُژِتھ مگر پَتہٕ بنیہِ پَیہِ ہنٛزِ لورِدژ اُتی تہٕ لَجہِ سبزی ژٹنہِ۔"

بادشاہن وۆنُس درجواب "یہِ چھُ اَکِس انسانہٕ سُنْد تصوٗرِیَس کینٛہہ روپیہ حوالہٕ چھےٚ گَرنہٕ آمژ تہٕ یام یِمَن ہُنْد مالِک یِم واپَس منگان چھُ سُہ چھُ یِم روپیہ خرچان یا ژۆ رِتھاوان۔ یُتھنہٕ مأ لِک یِمَن واپس ہیکہِ نِتھ۔"

تِتھےٚ یِم لفظ بادشاہَن وٕنی بۆ ڈھیوٚ شہزادِ سَپُد ظأہر۔ تَس بژ وٕنہہ گوو استادٕ تہٕ برابر پأٹھی زِنٛدٕ۔

جۆگی وۆنُس "دۆیِم شہزادَن وُچھ وۆ ژھ گاٰ ودود چاوان۔"

"عجیب زِ تَس پییہِ نہٕ سو زنانہٕ ژبتس یو سہٕ کورِ ہنٛدِس زٕ ہنٛزٕ مِتس پیٚٹھ چھےٚ پلان" بادشاہَن وۆنُنس تہٕ یہِ وٕنِتھ گوو دۆیِم شہزادِ تَس بژ وٕنہہ گنہِ استادٕ۔

"ترٛیم شہزادَن وُچھ نفرس أکِس شانَن پیٹھ زِنٛی بور۔ مگر سُہ ییٚلہِ پکان ا
تہٕ بُتھِ أءِسس بییہِ کانٛہہ ہٹا پوان سُہ اوس تتھ ٹُلان تہٕ پٔتَن بور گوٚبران۔" جۄ
وۄنُس۔

اِنسانس چھُ تِمَن نفرن ہُند خیال یِوان یِم نہٕ زٕہنٛی پننہِ آسنہٕ ستیٚ مطمئن چھ
بلکہِ چھِ پرٛ بتھ کانٛہہ دۄ مِہرِ تہٕ جمع کران روزان۔ یوسہٕ تِمَن میلان چھےٚ۔" بادشاہَن
وۄنُس تہٕ یام تُٕم کرِ یہِ وۄن تہٕ ترٛیم شہزادٕ آو پننہِ صۄرٕ ژمرٕ تہٕ سَپُد تَس برٛ وۄنِہہ گنہِ استادٕ۔
"چأنٛی کأنٛسہٕ کُٹھ شہزادَن وُچھا اَکھ تلاو یٚمی پٔتَن آب بییہِ شئیٚ تلاوَن نہٕ خأطر
خألی کوٚر" جۄگی وۄنُس۔

"یہِ گووبرابر دُنیا۔ اَکھ شخصا چھُ بیٚین پیٹھ سورُے کیٛنٛہہ خرچِتھ پانہٕ سوران تہٕ
تَس کیاہ معاوضہ چھُ میلان" یام بادشاہَن وۄن تہٕ کأنٛسہٕ کوٚٹ ہیوٚ شہزادٕ اوس تَس
برٛ وۄنِہہ گنہِ استادٕ۔

خوش تہٕ خوشحألی پأٹھی آو پَتہٕ بادشاہ تہٕ تُٕمی سٕندی ژور نیٚچوی محل خانہٕ واپَس۔ اَمہ
پَتہٕ کیٚہے کألی دِژ بادشاہَن پننہِ مُلکُچ حکوٗمت پَننہٕ نٮ۪ن نیٚچوٮ۪ن تہٕ پانہٕ لوٚگ لنٛد ہیتھ مذہبی
زندگی گُذارنہٕ۔

(رأوی: مَکُند بایو۔ سوٚتھ سرینگر۔ تیٚمی یہِ أکِس مُسلمانَس نِشہِ بوٗز)



# بہادُر شہزأدی

یم أسی زِ بڑی تہٕ امیر بادشاہ أکس اوس أکھ سبٹھے خوٗبصورت نیچو تہٕ بینیس سارِوے کھوتہٕ مأری منٛز کوٗر۔ یم دوشوے یعنے شہزادٕ تہٕ شہزأدی أسی ییتھرس لایق ییمہٕ کنی ییمن بادشاہ پزٕ بتھ طرفہٕ مناسب رشتہٕ ژھانڈان أسی۔ یہ اوس قسمت ہے گرُن زِ اکہِ دوہہٕ سمکھی ییمن دون بادشاہن ہندی پے پأغام أنن وألی تہٕ پانہٕ وأنی گتھ باتھِ منٛز وٕن دوشوٕیو أکھ أکس پننہٕ امہِ سفرُک مقصد۔ تم سپدی یہ زأنتھ سبٹھاہ حأران تہٕ تہٕ ستی خوش تہٕ ییلہِ تموٕ یہ بوٗز دوشوے أسی أکے غرضہٕ دراٝمتی۔ دوشوے بادشاہ أسی دُنیاہس منٛز أکی پایکہٕ تہٕ شہزادٕ تہٕ شہزأدی أسی ہرلحاظہٕ أکھأ کس لایق۔

بادشاہو ییلہِ پننہٕ ننٛ ییمن پے پأغام أنن والین نشہٕ یہ گتھ بوٗز تہٕ تموٕ تجٕ وٕلی وٕلی پانہٕ وأنی گتھ تہٕ تتھہٕ پأٹھی سپدٕ کھاندر طے۔ دوہ آے گنڈنہٕ تہٕ مہراز گودمہرِ نہٕ ہندِس مألی سُندٕ گرِ روانہٕ۔ ابتدأیی طوراوٕ یورٕینہٕ گوٗھنہٕ تہٕ باقٕے تیأریوٕ پتہٕ سپدٕ کھاندر تہٕ پزٕ بتھ کاٗنہہ چیز سپدٕ زبرپأٹھی۔

مگر أتھی منٛز پھوٗج أکھ زلزلہ۔ ژکہِ ماچھا خوشی ژٔرِ کالس پوشان۔

اِنسان ییٚلہِ اَتھ تھپھ دِتھ رَٹِن چھُ یژھان یہِ پھٹے غأب سپدان تہٕ موچھہِ منٛز چھس ژھاپِی یأ ژیوان۔ افسوس۔ شہزادِ یام مہرِ نی ہبتھ واپس اوس پکان نہٕ رکیاوأ کس باغس منٛز یوٚت پرٕ ی یہِ ٹز کرِتھ سأنس آسہٕ یوان۔ یمےٚ پیٚیہِ راتھ کیٛتھ اوروأتھ تہٕ یِمو ییٚلہِ شہزادٕ وُچھ تِمن گووسہٕ تیوٚت خوش زِ تِمو کوٚر اِرادٕ زِ یہِ بناوون پٔنُن۔ اَمہِ کِنٛ کوٚر ہَس تیٚتھ جوداز تَس پییہِ موٚتی ہِش گوٚب بٕندر۔ دوٚیمہِ دوہہ صُبحس کرے یہِ شہزادِ تہٕ باقیو تَس بٕندرِ وُزناونچ سخت کوٚشش مگر سہٕ سپُد نہٕ ہشار۔ تِمو سوٗنچ زِ یہِ چھُ موٗدمُت تہٕ اِوٕ کنٕ ووٚد دُکھہِ تہٕ سبٹھاہ ماتم کوٚرُکھ۔ تِکیازِ تِمی سُند روٗح ییٚلہِ جسمہٕ نِشہِ جُدا سپُد تمِس ستی ہکہِ ہَن نہٕ ووٚنی تِم زانٛہہ گتھ تہٕ کرِتھ۔ یہِ اوس اَکھ سبٹھاہ کروٗٹھ وقت۔ اُتھی منٛز آے سود بڑ ورتہٕ بوڈِ بڑ ورتہٕ بیٚٹھی تتھ گُلس پیٹھ یُس یِمن ماتم دارَن نکھے اوس تہٕ لاجکھ پانہٕ وأنی گتھہٕ کرنہٕ۔

سود برأرٕ ووٗنُس ''شہزادٕ گژھہِ نہٕ دفناونہٕ یُن۔''

''کیازِ؟'' بوڈِ برأر ووٗنُس۔

''تِکیازِ یہِ چھُنہٕ موٗمُت۔'' سود برأر ووٗنُس ''شاید پییہِ یہِ کینٛہہ دوٚہ حبسہٕ۔''

یہنٛدی یِم لفظ پے شہزادِ ہنٛدِس کنَس منٛز زنتہٕ امرت (مانٛچھ) تہٕ اَمہِ دیُت فورن حُکم زِ لاشہٕ ستی گوٚھہِ نہٕ کینٛہہ کرنہٕ یُن تہٕ تتھہٕ کنٛ تہٕ یتھ جایہِ پھٹے تتی گوٚھہِ تتھے پأٹھی تھاونہٕ یُن تہٕ یتہِ کوٚر نگھ وعدٕ زِ یہِ وَنوپہٕ زِ مے کیازِ دیُت یہِ حُکم۔

لہٰذا آو شہزادٕ باغہٕ ہے منٛز تھاونہٕ تہٕ لوٗکھ گے پَنٕ پننہٕ نبن گرن۔ دوکھہٕ ہٕز

میہرِ نی تہٕ تِہندی ستی واٗلی اکہِ طرفہٕ تہٕ شہزادٕ ہِندِ طرفکی دۆیمہِ وَتہِ۔ یِیلہِ بادشاہ تہٕ ملکہ پَنہٕ نِس زامترِ ہِندِ اَمہِ ستم زدٕ تقدیرِ کہِ بناوتھک بوٗز تِمن سپُد سٹھاہے دوکھ۔ بچاٗر شہزاٗدٕ اُس دوہَس راتس ودان تہٕ تِمس اوسنہٕ کانٛہہ سکوٗنا۔ پزٕ بتھ لحہٕ اُس سوخانہٕ دارٕ ہِندِس پِنَس پزراران مگر سُہ آونہٕ۔ اُخرس تہٕ ہیچ نہٕ سو یہِ دوکھ وتِرتھ تہٕ اَمہِ کنٛز لاجن مائِلس زاٗری کٔرِ نی یُتھ سُہ تِمس کینژس کالس محل خانہٕ نیبر گوھنک اجازت دِیہ ہے تہٕ سو تیاٗری گژھہِ ہے یپاٗرِ سو نیرُن ییژھہِ ہے۔ بادشاہ اوس نہٕ تَس یہِ اجازت دِین یژھان مگر وارٕ وارٕ نرمیاو تَس وزیرَن ہِندِس ونَس پیٹھ دِل تِکیازِ تِمن اوس باسان زِ ہرگاہ نہٕ شہزادِ ہنز یہِ خاہش مانہٕ پیہِ سو ماڈلہِ ہوشو۔ شہزاٗدی روٗز بجہِ وَتہِ اورٕ یورٕ پھیران تہٕ پَنہٕ نِس قسمتس پیٹھ ماتم کران۔ ''توہہِ ما وُچھون شہزادٕ؟ ہے توہہِ ما وُچھون شہزادٕ؟'' تَس یُس تہٕ سمکھان اوس سو اُس یی پزژھان۔ تتھہٕ کنٛز گزرے کینٛہہ دوہ تہٕ کانٛسہِ اُکی ہیوٚک نہٕ تَس اَتھ پریشانی لد پزژھ گاٗر جواب دِتھ۔ اُخرس سمکھ تَس اَکھ بزرگ شخصا تہٕ تِمہِ پزژھنَس ''ژٕ نے ماوُ چھتھَن شہزادٕ؟''

بزرگ وۆتھس درجواب ''بہٕ دراس اکہِ باغہٕ کنٛز تہٕ اَتہِ وُچھم اَکھ خوٗبصورت نوجوان پتھرِس پیٹھ شوٗنگتھ۔ بہٕ گوس حاٗران زِ سُہ کیازِ اوس اَتھ جایہِ شوٗنگتھ توَے رُکیوس۔ خبر ژٕ کرکھا پزژھ کینژ ومنٹو پتہٕ وُچھ مے کینٛہہ پرٕ ی یہِ ہشہِ اورٕ یوان تِمو تھووہَس گلَس تل عاصہٕ تہٕ سُہ وۆتھ تہٕ کربن تِمن ستی گتھہٕ۔ پتہٕ تُل تِمو یہِ عاصہٕ تہٕ تھووُ کھ تِمی ہِندِ بن کھورَن تل تہٕ اُتھی ستی پیہٕ نوجوانس بیہہٕ نِندرٕ۔ مے وُچھ یہِ تہٕ سپُدس حاٗران زِ یہِ کیاہ عجیب نظارا ہیکہِ اُستھ۔''

حأرانی سان وۄنُس شہزادِ "یہِ چھےٚ دلچسپ کتھا۔ ژٕہبکہٕ کھامےٚ سہ بارٕغٲوٕتھ
ییٚتہٕ سہ نوجوان شۄنگتھ چھُ۔"

بزرگ شخصَن وۄنُس "آ" تہٕ امی وِزِ ئیَن سواَتھ ناسہٕ تژ اس جایہِ گن۔

اۄت وأتِتھ وُچھ تِمو شہزادِ سُند جسم پٔتھرِس پیٹھ دراز دِتھ تہٕ بظأہر مۄمُت۔
شہزادِتُل ژٕلی ژٕلی سہ عاصہٕ یُس تَس کھورن تَل اوس تہٕ تھوونَس گَلَس تَل۔ پتہٕ کٔر
زَن بزرگ شخصَن وۄنمُت اوسُس۔ شہزادِ گو ہُشار تہٕ رُٕ دیہتھ۔

ژُٕمی وۄن شہزادِ "ژٕ کوسہٕ چھکھ؟"

تِمہِ وۄنُس "بہٕ چھُس چأنی آشنی۔ ژٕ زانکھ نامےٚ؟"

تورٕ پرٕ ژٕھنَس أمی "ژٕ کتھہٕ کٔن وأژ کھ یور؟"

"ہمس بُزرگ اِنسانہٕ سِنٛدِ کِنی" پتہٕ نِس أمِس وَتہٕ باوِ کس کُن اِشارٕ کران
یُس کھوژنہٕ کِنی ہنادُٕ رپہَن رُٕ زِتھ اوس وۄنَس اَمہِ۔

"وۄتھ تہٕ پکھ۔ وۄتھ نیر تیمہِ خوفناک جایہِ ےٚ تہٕ ژٕلتھ۔"

ژُٕمی وۄنُس "افسوس، بہٕ ہبکہٕ نہٕ تہٕ کٔرِتھ۔ تِکیاز پٔری یَن لگہِ جلدٕ ےمیانہٕ
ییٚتہٕ نہ آسنک پَے تہٕ ےٚ پتَے تہٕتھ ژٕھنَن ےٚ مأرِتھ۔ واے! اگر ژٕ ےٚ میون محبت چھی
تیٚلہِ تھاویہِ عاصہٕ ےٚ کھورَن تل تہٕ نیر۔

تِمہِ وۄنُس "ہرگز نہٕ۔"

"اَچھا تیٚلہِ روز ژٕلی ژٕلی ہُتھ گٔی دورِ منز ژورِ تِکیاز ژٕ چھکھ نہٕ ییٚتہٕ وۄنٛ
محفوظ۔"

پُرِی یِہ ہیکَن کَنہِ تہٕ وَقتہٕ یورواُتھ۔"

شہزادِ کوٚریٖ تہٕ تِتھے سوپنہٕ ژھیپن جایہِ واُژ تِتھے ییٚیہٕ پُرِی یہِ واُتھ۔

"اوٗہ۔ بیٚیتہٕ کیاہ یہِ مُشکا یوان" اَکہِ ووٚن۔

بیٚیہٕ ووٚنُس "یوٚت چھُ کُس تاگی اِنسان آمُت۔"

اَتھ پیٚٹھ ووٚڑھہِ یمو منٛز ژ ترٛے تہٕ دژلیہ یہِ وُچھنہٕ زِ اوٚت کُس اجنبی اوس تہنٛز اَتھ جایہِ آمُت مگر تِمو لوٚب نہٕ کہنی۔ پتہٕ کوٚر تِمو شہزادِ ہُشار تہٕ پرٛژھہس زِ ژٕ ما چھی پتاہ زِ یور کَن کُس انسان اوس آمُت۔ سیٚزرے کتھا چھےٚ زِ تِمی ووٚن تِمَن "نہ"

"مگر اَسہِ چھُ یقین زِ بیٚیتہٕ چھُ نکھے کانٛہہ" تِمو ووٚنُس "تِکیا زِ بیٚیتہٕ چھےٚ آدمی بوے یوان۔ خارأسی نیر وبیٚیتہٕ پگاہ تہٕ گرٛھو بدل جایہِ۔"

دوٚیمہِ دوہہ صُبحاے لوٚب پُرِی یواَکھ سبٹھاہ بوٚڈ باغ تہٕ یہِ زاُنتھ زِ اوٚت ہیکہِ نہٕ کانٛہہ آدم زاد واُتِتھ بنو تِمو یہوے پنُن ٹھِکانہٕ۔ یام تِمہٕ اَتہٕ نبر آسہٕ اَتھ دوران کوٚر شہزادَن شہزادِ آلو تہٕ ووٚننُس "میٲنی آشنی۔ ژٕ کیاہ گرٛکھ ووٚنی؟ تِم ہِنےٚ مےٚ بیٚیس جایہِ یوٚت نہٕ ژٕ واُتِتھ ہیکَکھ تہٕ بہٕ ہیکتھ نہٕ ژٕ زٕ ہَنی تہٕ وُچھتھ۔ واے"

بہادر شہزادِ ووٚنُس "تہٕ بَنہِ نہٕ۔ ٹھہر بہٕ سوٚمبرٕ کینٛہہ پوٚش۔" اُمس اَکہِ خاص قسمہٕ کِمن پوشن ہُنٛد گوٚنٛد دِوان ووٚننُس "رٹھ ژٕ چھکراُوکی زیٖم۔ اَمہِ سٕتی ہیکہِ مےٚ چون پَے میلتھ۔"

شہزادَن رٕٹی پوٚش تہٕ تھاوِن پنہٕ نِین پلوٚن منٛز ژوٗرِ تہٕ شہزادِ تُج دوتہٕ روٗز لگی دورِ منٛز۔

اَمہِ پَتہٕ کمے کاٚلۍ آیہِ پٔری یہِ تہٕ ہووٗکھ اُمس اِشارٕ زٕ ژٕ پگھ اَسہِ پَتہٕ پَتہٕ۔ شہزادِ رٔو دیکان تہٕ سُہ رٔو دوَتہِ پوشاپوشاتھ اوان۔ بیٚیہِ دوہہ دژ لیہِ شہزادٕ دکہ حسبہٕ سان تمے تمے وَتہِ یوٚت تانۍ سوٗ اَکِس سبٹھاہ بجہِ عمارژ نِشہِ وٲتھ یُس شاہی محل ہیوٗ اوس باسان۔ یہِ اوس اَکِس دیوٕ سنٛز روزَن جاے تیٚمی یمہٕ پٔری یہِ ساری جاۓ دکہ ہیچھناوِمٕژ آسہٕ۔ کُنہِ تہٕ چیزٕ س کھوژنہٕ ورأے ژایہِ شہزادٕ دکہ اَتھ عمارژ منٛز تہٕ اَندر آونہٕ تَس کانٛہہ تہِ لبنہٕ سو ہیٚتھ پتھرٕ کنہِ اَکِس جایہِ تہٕ کوٚڈُن تھکھ۔

اکِہِ گاٚنٹہِ آو دیو۔ شہزادِ دٕ چھتھ باسیاوتَس زِ یہِ چھےٚ تسنٛز کوٗریو سہ بےٚ کرتاژ دیوَن حالے زورزبردستی سٍتۍ نیمٕژ اُس۔ تُمس کُن ہکہ گرٕ ھان وٕن تمی حأرانگی سان ''میٲنۍ گوٗبری۔ ژٕ کتہِ آیکھ واپس؟ ژٕ کتھہٕ کنۍ ژٕ چکھ تُمس خبیثس نِشہِ؟''

شہزادِ ترٕی ؤلی ؤلی حالات فکرِ تہٕ وٕننس ''آمے بنووٗمی ہنٛد بو ہنچومنٛز ژلنگ منصوٗبہٕ یتھٕلہِ تَس نِنٛدرٕ اُس۔''

تمی وٕننس ''میٲنۍ گوٗبری !ساٚنۍ کوٗر''

کینژَس کالس روز شہزادٕ دکہ دیوٕ ہنٛدِس مکانَس منٛز تہٕ سو باسے یہِ تَس تہٕ سارِنے پٔری یَن تسنٛزٕ ے کوٗر۔ یہِ کینژھاسو ییٚژھ ہے تہِ کرنکھ اوس تَس پوٗرٕ اختیار تہٕ کُن تہِ گرٕ ھنَس اوس نہٕ تَس کانٛہہ ٹھاکھ۔ سو روز اشتیاقہٕ سان ہنٛس استدعا کران تہٕ تمی ہیچھناوسو کینٛہہ جاۓ دکہ ژھل۔ کانٛہہ انسان کتھہٕ پأٹھۍ ہکون مأرِتھ تہٕ پَتہٕ دُبارٕ زِنٛدٕ کرِتھ، کانٛہہ ژوٗرِ تھاونہِ آمُت چیز کتھہٕ کنۍ ہکون لٔبِتھ تہٕ تِتھے کنۍ بیٚیہِ کینٛہہ (ژھل)۔

پَنہٕ نبو غاًر معمولی طاقتو۔ کِنۍ تۆر شہزادِ اکِہ دوہہ یِہ فِکرِ زِ تَسُند خانہٕ دار چھُ أ کِس گنہٕ دوٚرس منز ژوٚرِ رِتھاونہٕ آمُت یُس أ کِس پرۍ یِہ کنِس اوس لاگتھ۔

یِہ گنہٕ دوٚرسبٹھاہ خوش گوٚ ھنک دِیُت تَمہِ باس تہٕ ووٚنُن پرۍ یہ زِ یِہ دِمےٚ۔ پرۍ یِہ کوٚرُس انکار مگر چھیکرَس سوچُن زِپَنہٕ نِس ووستادٕسٕ کوٚر ما گوٚھم ناراض تہٕ توٚ وے دِتُن تَس یِہ۔ یَتھ شرطس پیٹھ زِ پگہہ دی زبم یِہ واپس۔ شہزادِ کوٚرُس وعدٕ۔ یام سو پرۍ نظرو ڈٕ ج تہٕ شہزادِ کوٚ ڈ اَمہِ منزٕ پَنُن خانہٕ دار۔

شہزادَن ییلہِ تَس تہٕ أندی پکۍ سبٹھاہ جاًرانی سان نظرا کٕر تمہِ پرٕژھس "میانہِ مدن وارِ مےٚ چھکھا زانان؟ ژٕ زانکھ نامےٚ۔ بٕہ چھس جاًنۍ آشنۍ۔ جانہِ خاطرِ درٕ ایَس بٕہ ماًلۍ ہِندِ گرِ۔ جانہِ موکھہ یوٚ رنہٕ مےٚ یَتھ باغس منزٕ ینِس تہٕ ژےٚ پَتہٕ پَتہٕ دِیٕ ہِندِس مکانس منز اژنَس تہٕ کانہہ ولیہ۔ جانہِ خاطرِ کٕرۍ مےٚ تُمۍ ہِندی ماہ تہٕ میٹھۍ تہٕ لول برُن برداشت۔ ژٕ چھکھ نامےٚ پرٕزناوان؟"

پَتہٕ آو شہزادِ حبسَن منز تہٕ پرٕزناوُن سو تہٕ خوشی کنۍ آس اوٚش۔

تَمہِ ووٚنُس "پگھ پگھ ووٚنۍ۔ بٕہ وَنۍ ژےٚ اَسہِ کیاہ پزٕ کرُن۔ دوس تہٕ تہٕ یَمَن باقے سارِنے چھُ ہیتھ زِبٕہ چھس أمی ہِسٕز کوٚرٕ روسہٕ زور زبردستی کٕرتھ بےٚ أکرٕ ہمرٕ اُس۔ بٕہ تَمتھ ژٕ أمس نِش تہٕ وَنَس زِبٕہ ییلہِ دوس نِشہِ ژلان اُ ٔسس تہٕ مےٚ سمکھکھ ژٕ۔ چون حُسن ڈیشتھ روٚ دُم نہٕ پانس تام تہٕ کوٚرُم ژےٚ ستۍ کھاندر۔ اکھتے وَنہٕ بٕہ أمس جانہِ شاًہی ٹھکانک تہٕ تہٕ کرِس زارٕ پارٕ زِ سُہ کرِن یِہ رشتہٕ قبوٗل۔ سُہ گژھہِ یِہ بوٗزِتھ سبٹھاہ خوش۔ ژٕ مہ کھوژ پگھ تہٕ وُچھ۔"

شہزاد ٲدی سپزٕ نہٕ مایوٗس۔ دیو گو وپنہٕ کورِ ہنٛدِ رتہٕ طالہٕک بوٗزِتھ سبٹھاہ خوش
کوٚرُن اَتھ سلسلس منٛز اَکھ بوٚڈ سال۔ یتھ منٛز تٔمۍ پٔری یہٕ قبیلکۍ سٲری بُلاوۍ۔

کینژَن ہفتَن روٗد شہزادٕ تہٕ شہزادٕ دیوبس نِش تہٕ قدرتی بٲو پتہٕ شہزادن گر
گژھنٕچ زبردست خاہش تہٕ شہزادِ تہٕ یوٚژھ تَس ستۍ گژھُن۔ دیو اوس سبٹھاہ یژھان زِ
یم گژھی مےٚ ستۍ روزٕنۍ مگر تَس باسیاو نہٕ یمن اجازت دِنٕس اِنکار کرُن مُناسب۔ لہذا
دِژٕ تٔمۍ یمَن ڈالہِ ستۍ تہٕ یہِ وٕنتھ کوٚرنکھ رخصت زِ یوٗت جلد پلوتیوٗت یِلی زِ واپس۔
باقٕے چیزَن ستۍ ستۍ دِیُت تٔمۍ یمَن اَکھ گُلی گوگُر۔ یتھ منٛز ہیتھ کانٛہہ نفریوٚت گوژھنٕچ
خاہش کرِ ہےٚ سُہ واتِ ہےٚ تتھ جایہِ۔ پہوٗ ےٚ اوس شہزادٕ تہٕ شہزادِ ہُنٛد مقصد تہٕ تٔموٚ ژٕ
وٕلی وٕلی موٚللی چیز تہٕ برٕکھ اَتھ منٛز تہٕ امہِ پتہٕ پنہٕ نِس ٹاٹھس دیوس تہٕ تٔمن سارِنٕے
پٔرییَن یمہِ پہنٛدِس نیرنس پیٹھ اَتہِ سمیمٕ آسہٕ رخصت ہیتھ بیٹھی یم گُلی گوگرس منٛز تہٕ لگۍ
شہزادِ ہنٛدِس مٲلی ہنٛدِس محلہٕ خانس کُن ہوَہس منٛز وُڈوگرنہٕ ۔ کیٕہہ کالی وٲتۍ یم اور۔

اَمہِ دوہہٕ تہٕ اَمہِ پتہٕ وارِیہَن دوہَن سپُد محل خانس تہٕ شہرس منٛز زبردست
شادیانہٕ تِکیا زِ بادشاہ سنٛز کوٗرٲس واپس وٲژمژ تہٕ شہزادِ یعنے تٔمۍ سُنٛد مٲری موٚنٛد خانہٕ دار
اوسنہٕ موٗدمُت بلکہِ اوس زِنٛدٕ تہٕ وارِ پٲٹھۍ تٔمس ستۍ۔

(راوی: مکُند بایو، سوٚتھ سرینگر)



# ترٛے شہزادٕ

دپان پرٛانہِ وقتہٕ اوس اکھ بادشاہ یُس پننہِ عٔلمہٕ، طاقتہٕ تہٕ بہادری خاطرٕ مانہٕ اوس یِوان۔ اُمِس بادشاہَس اٲسی ترٛے نیٚچوِ یمہٕ ہرلحاظہٕ اُمِس بادشاہَس لایق اٲسی تِکیازِ تِم اٲسی بہادر، چالاک، خوٗبصورت، داناتہٕ ہرٕتی۔

اکہِ دوہہٕ گوٚو بادشاہَن یہِ خاہش زِ سُہ گرِ ہے پانس پتہٕ تخت کَس وارث سُند انتظام اَمہِ کِنی اناوِن پنٕنی وزیر بُلاوِتھ تہٕ موٗنکھ اَتھ متعلق مدد۔ تِمَو ووٗن تِمَن "نیٚوکھ یِم شہزادٕ تہٕ پوٚرِ پاٹھی وُچھو کھداینُشو کھتہٕ یُس اَکس متعلق توٗہی منظوٗری دِیہو سُہ گرٕن ئبہ پانس پتہٕ تخٕتس پیٹھ بیہنہٕ خاطرٕ مقرر۔"

کیٛنہہ دوہہ پتہٕ آے وزیر بادشاہَس نِشہِ پنُن جواب ہیتھ۔ یوٗ ڈ وزیر اوس پہٕنٛد ترجمان تہٕ ووٗنکھ۔ "پنُن جانشین مُقرر کرنہٕ بِنس متعلق گوٗھی زونہٕ اَسہِ ناراض تہٕ اٲسی کرٛ وعرض۔

سون تجویز چھُ زِ شہزادٕ سِن باپارٕ خاطرٕ نمبر سوزنہٕ تہٕ سُے آسہِ تُہنٛد جانشین یُس یِمو منٛز سارِوے کھوتہٕ زٔر دولت سوٗمبرِتھ ہیکہِ۔"

باقی تمام وزیرو نوٗ مرووپنُن گلہٕ یتھ زِ اَتھ بارس متعلق سارِنے ہنٛز رائے

یِہے زانِنہٕ یِیہ۔

بادشاہَن وۄن "چلوِیی کرِو۔" تہٕ فورَن باُوِن پٔنٕنۍ مرضی شہزادَن۔
یِیلہِ پزٕ بتھ کانٛہہ چیز تیار سپُد تہٕ ترٛےٚ شہزادٕ سپدی روانہٕ۔ تِم گےٚ سارٕ
سمندرس کُن تہٕ اَتہِ کھٔتۍ اَکِس جہازَس تہٕ دٕزاے گژھ تاَنی پرٛ مُلکس کُن۔ یاَنۍ
نِس منٛزلس واَتۍ تہٕ اَتہِ پتھ دٕزاے بیٚوٚن بیٚوٚن۔ اَکھ دٕزاو یپاَرکۍ بیاکھ ہپارکۍ
ترٛیِیم بیٚیہِ لنٛدٕ مگر اوٚرٕ یور نیرنہٕ برٛ وۄنہہ کوٚر یِمَو فاصلہٕ زِ اَکہِ خاص وقتہٕ پتہٕ واتن
ساری تتھی جایہِ دُبارٕ واپس بیٚیتہِ پتھٕ یِم الگ الگ دٕزاے۔
زِٹھی ہوی زٕباَے دٕزاے تہٕ پٔنٕنہِ پنٕنہِ ٹنٛکہِ ستۍ کوٚر رُکھ تجارت تہٕ سبٹھاہ دولت
گرٕکھ جمع مگر کانٛسہِ کوٚٹ ہیٚوٕ رۄ دسوٚ درٕ بٕتھس اوٚرٕ یور پھیران گراہتہِ تہٕ گراینہٕ زِ
ترٛ اوان تِکیاز تِمس گووِی خوش۔
وۄنی یِیلہِ سُہ سوچاَنی اوس زِ سُہ کیاہ گرِ پنٕنہٕ نمن روپیَن تہٕ اَتھی منٛز آدا کۍ
گوساَنیاَ تہٕ رۄ داَمی سے نِش ترٛبن دوہَن۔ اَمِس پاکباز شخصس یُس خاطرٕ تہٕ عزت
اَمی کوٚر رتمہِ کنی سپُد سُہ تیوٚت خوش زِ تِمی کوٚر اَمِس شہزادَس انعامہٕ دِنک قصد۔
"سُہ چھس چانہِ رزرٕ تہٕ خدٕمہٕ خاطرٕ سبٹھاہ شُکر گزار" تِمی وۄنُس "ترٛےٚ کیا
چھی ناو، ژٕ کتہِ پتھٕ چھُکھ آمُت تہٕ ژٕ ےٚ کوٚت چھی گرٕ چھُن۔"
شہزادَن وۄنی تِمس باُنہٕ باُنہٕ پزٕ بتھ کانٛہہ گتھ۔
"مےٚ سمجھ" گوساَنی وۄنُس "ژٕ روز یپتۍ۔ کُن دۄرِ گوٚھی زہنہٕ تہٕ یُت ہاز
چاَنی باَے واپس پھیرَن توٚت تاَنی رۄزی زِبیتۍ۔ ژٕ سوٗزکھ پٔنٕنی خدمت گار شہر بتھ نم

تتہٕ تیٚژھ مکأے مٔلی أنن یوٗت ممکن سپد بکھ تہٕ ییلہِ تم یہِ یورواتناوٕن تہٕ ژٕ اُسی زِدہ ہے اَمہِ منزٕ ہَناہَنا سمندرس ترٛ اوان یوٚت تانٛی یہِ ختم سَپد۔ پتہٕ پرٕاُری زِتہٕ ژلونکھ اتھ سبٹھاہ سبٹھاہ معاوضہٕ۔'' یہِ وٕنتھ کوٗرأمی پاکباز شخصن اُمس دُعایہِ خأرلتہٕ وژاو۔

شہزادٕ روٗدتی کران یہِ گوسأنی وٕنُس۔ تٔمی اَنی سبٹھاہ مکأے تہٕ تھاوُن سو پنٕنہِ نَس ٹھکانس نِشہِ ذخیرٕ کٔرتھ۔ سُہ روٗد اکہٕ پٔلہٕ شمن رتَن پٔژ بتھ دوہہِ اَمہِ منزٕ اُکھ اُکھ ہِھا سمندرس ترٛ اوان یوٚت تانٛی یہِ سأرٕے ختم سپز۔ تٔمی سوٗچ زِ ''وٕنی میلہِ مے اَمیُک بدلہٕ۔''

سُہ روٗد کینژن دوہَن یٔژ وومید ہتھ پٔژاران مگر اَتہِ سَپُد نہٕ کینہہ تہٕ ظأہر۔ تٔمی وٕژن پانس سٟتی ''اَمی گوسأنی دِیُت مے دھوکہٕ۔ بٔہ گوس بربادَ۔ بٔہ کوٗتاہ بیوقوف اوسُس زِ مے یوٗز اَمی سٟنز یہِ غلط گتھ؟ مے کیاہ وَنہِ مول تہٕ بأے۔ ییلہِ تم بوزَن زِ مے ژٕھنہِ پنٕنہِ سارے روپیہِ سمندرس؟ تم کوٗتاہ اَسَن مے! بٔہ ہکہٕ نہٕ زٕنْزٕ تہٕ وٕنی تمن پٔتن بُتھ ہأوِتھ۔ وأے مے کیاہ گوو! مے کیاہ کوٗر! بٔہ گژھہٕ وٕنی دوٗرِس مُلکس۔ کأنٛسی کنتھ نیرِ بٔہ ییمہِ شکس پتھرٕ منزٕ۔ مگر سُہ اوس جلدبأزی منز یہِ سوٗرے وٕنتھ گوٗمُت۔ ییلہِ پٔژ بتھ کانٛہہ تیأری سپز تہٕ شہزادٕ تہٕ تٔمی ہٕندی سٟتی وأنٛی نیرنَس تیار اُسی تہٕ کیاہتانٛی سَپُد۔ یوسہٕ مکأے شہزادَن سمندرس ژھُنْژھ اُس سو اُس اکہٕ بجہٕ گاڈِ کھنْژھٕ تہٕ تتھے شہزادٕ سٟنزٕ فراخدلی ہٕنٛز خبر سمندرس منز دوٗر دوٗر تانٛی وأژ۔ گاڈَن ہٕندی کھیلین ہٕندی کھیلی پے اَتھ جایہِ وأتتھ۔ گاڈَن ہُنْد بادشاہ (مٔش) تہٕ آو یمَن سٟتی۔ ژھیکرَس گوو اَتہِ اچانک یہِ ژھکنٕے بند۔

گاڑ بادشاہَن پرُ ژھ زِ "یہِ کیاز سپُد؟ اَسہِ اُس پۍٹھ موشیٖو ربتو پیٹھہٕ مکا
واتان مگر وۆنی میۆل نہٕ کینژہ وددہو پیٹھہٕ اَسہِ کہنی۔ شہزادس میۆلا اَسہِ یہِ مہربٲنی
خاطرٕ انصافا۔"

سارِوے وۆنُس "نہ۔ اَسہِ میۆل نہٕ اَتھ متعلق کانٛہہ حُکماہ۔"

"بۆ زِ و تیٖلہِ حُکم" وۆنُکھ گاڑ بادشاہَن "فورَن گۄڈٕ تہٕ شہزادس
معاوضہٕ۔ پرٛ بتھ اَکھانیٚ اَکھا اَکھ لال تہٕ سہ دِیو اُمس۔"

سارے گاڑ وژ ایہِ تہٕ پرٛ بتھ کانٛسہِ تھووسۆ درٕ بُتھس پیٹھ تتھ جایہِ نکھہٕ اَکھا اَکھ
لال بیٚتہِ شہزادٕ اِستادٕ روٗ زِتھ دوکھ زَ دیاٚ ٹھی سمندرس مُدَّے گنٛڈِتھ اوس۔ سمندرس
شورٕ شرٕ کِنی اور کُن توجہ گرٕھتھ پھیوٗر شہزادٕ تِمَن کُن تہٕ اَتہِ وُچھن سیکہِ پیٹھ لالن ہُند
بۆ ڈامبرا۔ "ہے بہٕ کۆتاہ بدخصلت چھُس!" تِمٕ وۆن حاٲرانگی سان "مے کیاز میۆل
یتھہٕ کِنی یہِ انعامہٕ؟ میانہٕ یِژھہِ بے پرٛ ژھی کتھہٕ شۆبہِ یہِ انعامہٕ۔" یہِ وَنان دیُت تِمٕ فورا
حکم زِ اَتہِ نیرنچہِ سارے تیٲرِ یہِ گرٛھن بند پنہٕ گرنہٕ۔ تِمٕ وۆن "بہٕ روزٕ بیٚتی یوٗت تام
میاٲنی بٲے تِن۔ گرِ و بیٚنہِ خمہٕ استادٕ۔" یتیس کالس بیٚنہِ ٹھکانہٕ تیار کرنہٕ اوس یوان
تیتس وَتس روٗ دسہ تہٕ تُنٛد زٕ نٛٹھ مُلازِم سہ لالہٕ امبر وٹان تہٕ سۆمبران یُس گاڑ
اۆنمت اوس۔

اُمِ وۆن اُمس نفرس "خبردار یتھنہٕ ییمہِ معاملچ کانٛہہ خبر شہرٕ کینہِ بسکینن
کانٛسہِ بیٚیس یتھس شخصس کنٛن گۄھہِ یُس اَسہِ سمکھہِ تہٕ اکھٕتے پنہٕ اَتھ متعلق کینہٕ
میانین بایَن تہٕ وَننہٕ یہِ۔ بہٕ چھسے ژۄے پیٹھ پرٛ ژھ کران تہٕ ژٕ پھُٹرکھہٕ میون

بھروسہٕ۔ ژٕتہٕ میٲنۍ باہٕ تےٚ ستی بأج روزن نہٕ انعامہٕ پٔذ اونہٕ ورأے ہرگاہ توٚہۍ میٲنۍ حُکم عدوٗلی کٔرِ دنہٕ۔''

أمۍ شخصَن کوٚرُس وعدٕ تہٕ أمہِ پتہٕ پٔر ہتھ دوہہٕ یوٚت تانۍ شہزادٕ اَتھ جایہ اوس توٚت تانۍ روٗز نہٕ پٔز ہتھ دوہہٕ گاڈَن وفوٗرمکأے تٔر اونہٕ یوان۔

پَتَن ییہِ خزانہٕ ژھیپر اُتھ تھاونہٕ خاطرٕ تھاونو ییہِ شہزادَن گھی لو ہٕرن منز۔ اَمہِ پتہٕ کیہٕ کأل دوت سہٕ دوہہٕ ییلہِ تَس اَتہٕ نیرُن اوس۔ یتھ زَن سہٕ تتھ جایہ ولتہٕ ہیٚتہٕ سہٕ مُقرر کرنہٕ آمتِس وقتس پیٹھ بایَن سمکھہِ ہے۔ سہٕ اوس اَتھ نسبت وقتک تیٚتھ پابند زِ سہٕ دوت باہٕ تےٚ دوٗن شہزادَن ہندِ نشہِ اَکھ زٕ دوہہٕ بروٚنہہ اَتھ جایہ۔

''ییہِ گوٚو قسمت'' اَکھأ رِکس سمکھتھ دوٗن بانہٕ وأنۍ ییمو۔

زِٹھی ہوۍ شہزادَن دوٗن ''بہٕ روٗدُس کپرُک بایار کران تہٕ زیوٚنُم یوٚتاہ'' تُم دوٗن سبٹھاہ بارٕ رقم۔

باہٕ تےٚ دویو دوٗنُس خوش گٔژھتھ ''سبٹھاہ جان''۔

دوٗیم شہزادَن دوٗن ''بہٕ روٗدُس ساہوکأری کران تہٕ پیٛٹ ادولت کٔرم جمع'' تُم کرتہٕ دوٗن سبٹھاہ بارٕ رقم باقیو دویو دوٗنُس ''سبٹھاہ زبر''

پتہٕ دوٗن لوٚکٹ ہوۍ بأے ''بایو، توٚہۍ وُچھومیوٗن قسمت، تُم ہووکینژَن لو بَر گٔژھن کُن۔

''ہے ہے'' باہٕ تےٚ دویو بایو دِژ کٔرکھ ''ژےٚ کیاز کوٚرُتھ۔ یتھ موٚ کٔرتہٕ بے فأید بایار۔''

جلدٕ ے کوٚ ریٖمَو اَکھ جہازٕ تہٕ ترٛ ے شہزادٕ دژا ے پنٕنٮ۪ن خدمت گارَن
ہٮ۪تھ اَتھ جہازَس منٛز پنٕنِس مُلکَس کُن۔ اَتھی منٛز اوس جہازَس منٛز زِٕین زالِکۍ
سبٹھاہ ناقص انتظام کرنہٕ آمُت۔ وُنہِ اوسنہٕ تِمَو اَتھ جہازَس منٛز نصف سفرتہٕ
کوٚرمُت زِ یہِ سبٹھۍ ضروٗری چیز ہیوٚتُن موکلُن۔ اَمہِ کنٛز آے زِٕ ٹھی شہزادٕ تہٕ جہاز راں
کأنسہٕ کِٹِس شہزادَس نِش تہٕ لوگہَس زار پارٕ گرُن یُتھ تِمَن سُہ کیٚنٛہہ لوٚبر ڈیر زالنس
اجازت دِیہِ۔ ہے تہٕ وعدٕ کوٚرہَس زِ تِتھۍ زمینس پیٛٹھ وَسَن تہٕ تِم گرَن تُمِس قمت ادا
کأنسہٕ کِٹ شہزادَن کوٚرنگھ اقرار تہٕ دوٚیمہِ دوہہٕ صُبحس کیٚتھ دِیتٕنکھ اَمہِ منٛز
لال نمبر کڈِتھ تیوٚتا۔ یُتھ یہِ باتے نصف سفرس دوران ٹھیک پأٹھی پوشہِ ہے تِتھۍ کنٛز
ووت کینٛزِ کألی جہازٕ پنٕنِس منٛزلَس تہٕ یِم شأہی مُسأفر وٚتھی جہازٕ منٛزٕ۔ وٕلی وٕلی دراے
تِم مأنٛی سِنٛدِس محل خانس کُن تہٕ تِہنٛدِ واتنہٕ پتہٕ بیٚیہِ دوہہٕ بُلاوی تِمۍ سأری لوٗکھ یُتھ زِ
تخٛتک نوٚ ووأرِث مقرر سپدنُک تِم نظارٕ گرہَن۔

اَمہِ کنٛز سمیاوَاتہِ لوٗکہٕ ارسا تھا۔ تمام وزیرَن سٕتۍ بیٛوٹھ بادشاہ دربارس منٛز تہٕ
پرٛ ہتھ اندٕ أسی لوٗکہٕ ہجوم۔ پتہٕ آے شہزادٕ بادشاہَس تہٕ لوٗگن برٛ وٚنہہ کُن بلاونہٕ یُتھ زِ
تِم پنٕنۍ دولت ہاوٕ ہَن تہٕ بیٚیہِ پنٕنۍ تجربہٕ ہاوٕ ہَن۔ گوڈٕ ہٮ۪تھ آو زِیٛٹھ ہیوٚ شہزادٕ۔ اَمہِ پتہٕ آو
دوٚیم شہزادٕ تہٕ تِمۍ کرٕ تہِ کوٚر پِ۔ لوٗکھ ییٚلہِ تِہنٛد یہِ کلامہٕ بوزان أسی تِم روٗ دی کریکہٕ دِوان
''یہوے بٕنِن بادشاہ، یہوے بٕنِن بادشاہ۔'' مگر وٚنی ییٚلہِ کأنسہِ کوٚٹ شہزادٕ آو تہٕ تِمۍ
ہأوی پنٕنۍ لوبرڈیر۔ بادشاہ تہٕ تمام لوٗکوترٕ ووٚتِس اُسُن تہٕ دوٚپہَس گرٕ ھ یِنہٕ نِس۔
تِمۍ وٚون ''بابہٕ صأب، یِیرٕ جلد بأزی مہ گرِو'' پتہٕ پھیوٚر لوٗگن کُن تہٕ دژ

کھاأِلتھ وۄننگھ سارِنے کُن ''أسو توٚہۍ ۄنی پشتاأوِو توٚہۍ پَنہٕ نِس اسنِس پیٹھ۔ ۄچھِو یِمو منٛزٕ أکِس أکِس لوٚ بہٕ س منٛز چھُ أکھ أکھ لال یُس سیٹھاہ بیش قیمت چھُ۔'' تِمو پھُٹر أکھ گِہلو بُرتہٕ اَمہِ منٛزٕ پیوٚ أکھ لال۔ ''ۄچھو پارک! یہِ ۄچھو! ۄچھو یہِ! اَمہِ منٛزٕ رۄدأ کھ أکھ لال نیران۔ اَمہِ ستۍ گو وپزٕ بتھ شخٕس حأرت!۔

بادشاہَن وۄن ''مےٚ چھِنہٕ ازتأنۍ تیٚتھۍ لال ۄچھمتۍ۔ پزٕ کِنۍ ہکو نہٕ یِہنٛدِ مولُک اندازٕ کٔرِتھ۔ میأنۍ تیمۍ کأنٛسہٕ کُنٛژ شہزادن چھےٚ تِمہِ کھوتہٕ تہٕ زٕ ر دولت سوٚمبرِتھأنۍ ہرٕ بیٚہرٕ زَن دۄیمِن دۄن شہزادن، میأنۍ تہٕ تمام لۄکن ہنٛز سأرِے دولت سوٚمبرِتھ تہٕ سَمہٕ نہٕ ۔ یِہو ے بنہٕ بادشاہ۔''

''آ۔آ۔ یِہو ے گژھہِ بادشاہ بنُن۔'' یہِ اوس اَتہِ جمع لۄکن ہُنٛد جواب تہٕ اَمہِ پتہٕ دژا اےتِم پٔژن پٔژن گٔرِ۔

اَمہِ پتہٕ کیٚہہ کالہٕ گُذریاوسہٕ بُزرگ بادشاہ تہٕ آوژبناوِہ کھالنہٕ۔ لوٚکٕٹ ہوٚ شہزادن لأج تِمۍ سنٛزٕ جایہِ حکوٗمت کرنۍ یِیلہِ زَن دۄیم زٕ شہزادٕ تِمس ماتحت دۄن تھدبن عوہدن پیٹھ تعینات آے کرنہٕ۔



(راوی:مکُند بابو، سوٚتھو، سرینگر)

# کٲو س وٲتِتھ بادشاہ

اکثر چھُ یہِ سپدان زِ بدخصلت چھِ کو کار گرِتھ تہٕ پھبان تہٕ رِتمن پھےٚ ٹھوٗنٛڈ یِوان۔

دیان یہِ اوس اَکھ بادشاہ یُس سبٹھاہ رحمدل تہٕ عاۄدِل اوس۔ سُہ اوس یژھان زِ تسنٛز رعایا گژھ ہر رنگہٕ خوشحال بٲنِنۍ۔ اکہِ دوہہٕ توٗ رِتس اچانک فِکرِ زِ تمِ سٕندِ مُلکچ آبادی چھےٚ کم کم گژھان۔ اَتھ کیاہ ہیکہِ سپدِتھ تہٕ اوسنہٕ تَس پتاہ۔ قانون اُسۍ ٹھیک تہٕ انصافہٕ مطاۄبق، مالیہ تہٕ اوس کمے تہٕ فصل تہِ اوس یژھاۄ ٹھیک ٹھیک آسان۔ تیلہِ کیاہ زِ چھےٚ آبادی کم سپدان؟

اَمیُک وجہ زاننہٕ خاطرٕ بدلوو بادشاہَن فقیر سُنٛد رخت تہٕ لوٚگ مُلکس پھیرنہٕ۔ تتھہٕ کنہٕ نتیاو تَس زِ اَکھ بوٚڈ جن چھُ متو اُتر گامن تہٕ سَرَین منٛز یِوان تہٕ یوٚتے گژھان چھُ تتہِ چھُ لوٗٹ مار کران۔ پننہٕ نَس اَتھ سفرس منٛز سمکھے یہِ بادشاہَس نہٕ بلاے تہٕ مگر پژٕ زِ ناۄتھ ہیچن نہٕ تکیاہ زِ تَس باسیاو یہِ معموٗلی نفرا۔ بادشاہ ییلہِ شہرٕ نشہِ دوٗر اَکس بنجرتہٕ وُجارٕ جایہِ ووت اَتہِ وُچھاُمۍ اَکھ نفرا اُچھ وُتھ تہٕ کنن منٛز اوٗنگہِ بُرتھ

پتھرِس پیٹھ کوٚٹھین پیٹھ بہتھ زمینَس ٹھولہٕ والان۔

بادشاہَن وُوٚنُس "ہے، ژٕ کیا سایہٕ کران؟ ژٕ ما چھُکھ دیوانہٕ؟"

توٚرِ دِیُتَس جواب "نہ نہ۔ بہٕ چھُس یتھ جایہٕ عبادت کرنہٕ آمُت۔ اَچھ چھِم بند تھاوِمٕژ یُتھ زِ بہٕ تھس گُنہِ چیزَس پیٹھ پیٚیم نہٕ نظریہٕ۔ اَچھ وُچھنہٕ گوٚھن گن چھِم اَوٕ کِنہٕ بند تھاوِ متی زِ بہٕ گوٚ ژھُس نہٕ کانٛہہ خراب کتھ بوٗزُن تہٕ کلہٕ ستی چھُس زمینَس اَمہٕ کِنہٕ ژنجہٕ دِوان زِ یمی کرہٕ لی کھین چھُک تہٕ کانٛہہ مےٚ تِل گوٚژھہٕ نہٕ تہٕ میانہٕ ذٕ ی مارِ گوٚژھنُک گناہ گھسُم نہٕ۔"

بادشاہَن وُوٚنُس "اے نیک انسانہٕ۔ ژٕ کتہٕ چھُکھ روزان؟"

"ہوٚ کیاہ پُتھ۔ وولہٕ ہرگا فرصت ہش چھےٚ تیلہِ روز کھےٚ نِش راتَس۔ مےٚ چھُ باسان زِ ژٕ چھُکھ تیُتھ اِنسانا یمی نہٕ یمہٕ دُنیاکین چیزَن پیٹھ دِل چھُ گوٚنڈُمُت۔

بادشاہَن تہٕ موٚن تہٕ یتھہٕ کِنہٕ گےٚ تِم دوٚنوےٚ اَمِس نیک انسانہٕ سُندگرِ۔ اور وأتِتھ وُوٚن اَمی زنانہِ زِ ژٕ اَن گرم آبہٕ ہناتہٕ چھل پوٚژھس کھور یتِس کالَس یِیےٚ بہٕ یورِ۔ زنانہِ آو اَمِس ازأنی نفرس پیٹھ عار تہٕ تِمَس کھور چھلان چھلان وُوٚنس زِ میوٚن رون چھُ اَکھ کیمیاگر تہٕ سُہ کری ژےٚ قَل تہٕ تِمہٕ چھِہ یتھ گُن تہٕ ہتہٕ وادماری متی۔ تِمی وُوٚن تَس زِ ژٕ تِل یم ترےٚ گلچہٕ تہٕ نیریتہٕ فِل فور۔ میون خانہٕ دار آسہٕ اورِ یکان تہٕ اورِ یتھ ژھانڈی ژےٚ۔ ژےٚ ییتہٕ نہٕ ڈیشتھ تژ اوِژےٚ پتہٕ اَکس شکٲری ہوٚنس۔ مگر ژٕ کھوٚژی زبنہٕ۔ تِمہٕ وُوٚنس برٛ وَنہٕ گُن تِکیازِ ہرگاہ ژٕ تس اَکھ گلچہٕ تژ اوکھ سُہ کھیِیہٕ اَتھ تہٕ

پھیرِ واپَس ۔ اَمہِ پَتہٕ ترٛاوِ کیمیاگر بیٚیِس ہوٗنِس تہٕ ژٕترٛاوَکھ تِمَس دوٗیِم کُلِچہٕ۔ اَمہِ پ
لگی ژٕرٕے ترٛییٚم ہوٗن پَتہٕ تہٕ ژٕترٛاوی زِ تَس ترٛییٚم کُلِچہٕ۔ تیٚتِس کالَس آسکھ ژٕ شہ
ووتمُت تہٕ اوٗت دورِ نے نہٕ ژرٕے ہوٗنی پَتہٕ۔

بادشاہَن کوٚر اَمِس زنانہِ شُکریہ تہٕ دژاو اَتہٕ۔ سُہ یوٗت تیز ژٕوِتھ ہیوٚک
تیوٗت دوریاو۔ کِہِ کالٕ آو تَس ہوٗن پَتے، پَتہٕ بیاکھ تہٕ اَمِس پتے بیاکھ۔ یِم اُس
ووکھہِ ہوٗنی تہٕ ہرگاہ نہٕ سُہ تِمَن کُلِچَن کُن لاگہِ ہے تِمہٕ کھٕہَن تَس توسمہٕ۔ شہر واتِتھ گو
سُہ پننہٕ نِس محل خانس منٛز تہٕ واپس شاہی لباس لٲگِتھ بُلاوِن اَمی ساعتہٕ پننہٕ ئن
سپاہَن ہنٛز اکھ چھوکھ تِمَن دِتِن حُکم زِ گژھو تہٕ کیمیاگر ژٕھنیوٗن قتل کٔرِتھ تہٕ تِمہٕ ہنٛز زنانہ
اَنیوٗن یوٗر۔ یِتھہٕ کِنہٕ آو کیمیاگر مارنہٕ تہٕ تِمہِ ہنٛزِ زنانہٕ آیہِ شاہی زنانہٕ خانٕچ ذِمہ وٲری
دِنہٕ۔ اَمہِ پَتہٕ اوس مُلکس منٛز اَمن تہٕ پاپر جایی۔

(راوی: پنڈت ژندر کول۔ سرینگر)



# پڑ ییہ وُن شہر تہٕ پرٛی شہزاد

دوہہ اکہِ اوس اکھ نوجوان شہزادہ مالی ہٕندِس بڈس وزیر ہٕندس نیچوس سۭتۍ تہر اندأ زی ہنرٕ مشق کران زِ اکہِ غأبہٕ آو اکھ تہر أکس سوداگر ہنزٕ آشنہٕ یوسہٕ نکھہٕ تلہٕ کہِ اکہِ مکانہٕ کس ہیرِمس کمرس منز اورِ یور کران اُس۔ شہزادن گرِیاو أکس جاناوارس آے یُس امہِ گمرٕ چہِ دارِ ہٕندِس داسس پیٹھ بہتھ اوس تہٕ تمس اوسہٕ یہ بلکل تہٕ خیال زِ اَتہِ نس آسہِ بییہ کانہہ نتہٕ لاییہ ہے نہٕ سہٕ امہِ لنڈِ تہر۔ امہِ کس تمِس منز کیاہ اوس سپد مُت تتھ متعلق کانہہ پے پتاہ نہ آسنہٕ کنی دزاو سہٕ تہٕ وزیرزادِ اَتہِ۔ وزیرزاداوس أمس جاناوارس نشانہٕ نہ لگنہٕ مؤجب سلباوان۔

أتھی منز گو وسوداگر پننہٕ آشنہٕ کتھ تانٕ متعلق پرٛژھنہٕ خاطرِ اَتہِ وُچھن سو دراز دِتھ تہٕ سوأس کمرس سمبزٕس پؤرِ پأٹھی موٗمرٕ باسان تہٕ تمہ ہٕندِ کلہٕ نشہِ یوٗ ہے اوٗ ڈ گزا اوس پتھرِس اکھ تہر لگتھ۔ تمس باسیاو زِ یہ چھے موٗمرٕ تہٕ دوان دوان گووُدارِ نشہٕ تہٕ دِژن کریکھ ''ژوٗرہو، ژوٗرہو۔ یمو ہامأرمیأنٕ زنانہٕ۔'' ہمسایہِ گے ڈٕلی ڈٕلی جمع تہٕ أمی ہٕندی موٗ ہنوی کھٕتۍ ڈٕلی ڈٕلی ہیوٗر زِ اَتہِ کیاہ سپد۔ ژکہِ اُس یہ زنانہٕ بے ہوش گمرٕ تہٕ تس

اوس وَچھس تتھ جایہِ اَکھ ہش ہیؤلوٗ گمٕت یپأری تیرُک چھہہ اوُسس لوٗ گمٕت۔

یام اُمِس زنانہِ ہوش آو تمہِ وۄن تمن زِ نوجوان اُسی لپأری کنِہ تیر تہٕ کمان

ہتھ پکان تہٕ یمو منٛز لوے اکھ زأنتھ مأنتھ تمہِ وِزِ اُمِس تیر ییٚلہِ سوداریٚش ووٚ

اُس۔

یہِ بوٗزِتھ گو سوداگر بادشاہَس نِش تہٕ وۄنُن تَس یہِ سورُے معاملہٕ۔

بادشاہَس کھوٚت یِژھ ہش دید دلیری بوٗزِتھ سخت شرارت تہٕ کھیوٚن قسم ناس زِ ہرگاہ

اُمِس جرم کرن وألی سُند پے لوٗگ تِمس یِیہِ سخت سزا دِنہٕ۔ تِمو دیُت سوداگرس واپس

گرٛھنگ حکم یتھ زِ یِیہِ معلوٗم گرِ زِ کِم سنٛز یہِ زنانہٕ ہیکیا ہ تِمس نوجوانس پچھأنتھ ہرگاہ

سو تِمس دُبارٕ وُچھِہ۔

''آ۔ بالکل'' زنانہِ دیُت جواب ''بہٕ ہیکہ تِم شہرک تمام لوٗ گومنٛز وَنہٕ

کڈِتھ۔''

ییٚلہِ یہِ جواب ہتھ سوداگر واپس آو تہٕ بادشاہَن وۄن ''تیٚلہِ پکناوَ کھ بہٕ

شہرِکی سأری مرِد بسکین چانہِ مکانہٕ کنِہ تہٕ چأنی زنانہِ روزِ دارِ پیٹھ تہٕ کڈِ تِمس نفرس وَنہٕ

ییمی یِژھ گستاخ حرکت کرِ۔''

اَمہِ مقصدِ آیہِ شأہی منأدی جأری کرنہٕ۔ اِمہٕ موجب آے صُبحس کیٚتھ شہرِ کرداہ

وُہرِ کہ تہٕ داہوٗرِی ہُر واُنسہٕ ہنٛدی سأری لڑکہٕ تہٕ نفر سوٗ مبر اونہٕ تہٕ دراے سوداگر سنٛدِ گرٕ

کنِہ۔ اتفاقن اُسی شہزادٕ تہٕ وزیر زادٕ تہٕ (تکیا زِ تِم اُسی اَمہِ حُکمچ تعمیل کرنہٕ نِشہِ مُچھِہ)

تِمن لوٗگن ستہِ تہٕ دژاے لوٗکہٕ ہجومَس ستی لپأری۔ تِم اُسی اور تماشہِ وُچھنہِ آمٕتی۔

تیتھے تم زٕ سوداگر ہنزٕ دارِ کنِ وژا ے تم پزٕ زٕنٲوِ سوداگر بایہ تہٕ فورن دِژن بادشاہس اَمیک اطلاع۔

بادشاہن یُس شروٗع پیٹھے اَتہِ موجوٗد اوس تمۍ وۄن حارتہٕ سان "میون نیچو تہٕ وزیرِ اعظم سُند نیچوٗ!"

"یہِ بنہِ لۄکن خٲطرٕ مِثال۔ گرٕیوٗ کھیم دوشوٕے قتل۔"

وزیرن وۄنُس "بہ چھسے ژٕے گُلۍ گنڈان۔ جناب یہِ متہٕ کرِو تو۔ گوڈٕ گوژھ اَتھ معاملس وارٕ پأٹھۍ تحقیقات سپدُن۔ یہِ کتھہٕ پأٹھۍ سپُد؟" وۄن نوجوانَن کُن پھیرِتھ وۄن تمۍ بڑٕ ونہِ کُن "توہہِ کیاز کرِوِ یہِ ظالم کام؟"

شہزادن دِتُس جواب "مے لوے اَکس جاناوارس تیر یُس ہُمہِ مکانچہِ پیلہِ دارٕ ہنزِ دأسس پیٹھ بہتھ اوس مگر سہٕ آو نہٕ تَس۔ مے باسان تیلہِ ما آو سہٕ سوداگر بایہ۔ ہرگاہ مے پتاہ آسہِ ہے زِ اَتہِ نکھہٕ چھے سویابیہِ کانہہ بہٕ لایہ ہانٕ تیلہِ لأرِ تیر۔"

یہِ جواب بوٗزِتھ وۄن بادشاہن "اَتھ پیٹھ کرو أسۍ پتہ گتھ۔ لۄکن دِیو نیرنہٕ۔ پہُند پیتہٕ روزن چھنہٕ وۄنۍ ضرورت۔"

شامس کُر بادشاہ تہٕ تمۍ ہندۍ وزیرن پنہٕ نین دۄن نیچوبن متعلق زٕ بٹھ تہٕ ویژھنتھ گتھ۔ بادشاہ اوس یژھان زِ دوشوٕے تنۍ پھہہ دِنہٕ مگر وزیر اوس سوچان زِ صرف گژھہِ شہزادسے یوٗت سزا دِنہٕ یُن تہٕ تمۍ کوٗر تجویز زِ بادشاہس اوس نیچوی سُند تیتھ شرارت زِ سہٕ وُچھہِ نہٕ کُنہِ تمۍ سُند بُتھ تہٕ دبار اَمہِ کنۍ گژھہِ شہزادِ مُلک بدر یُن کرنہٕ۔

چھیکرَس گووِیی مقرر۔

اَمہِ مطأبق دژاے بیٚنہِ دوہہٕ صُحمس کیٚتھ فوجین ہنٛز اَکھ لوکٹے چھو
شہزادَس شہرٕ نبر ترٛاونہٕ خأطرٕ ستیٚ۔ییٚلہِ تمہ اَخری چوکہِ پیٹھ وأتی وزیرسُنٛد نیٚچوٗ تہٕ
یمَن نِش وأتتھ۔ سُہ اوس سبٹھاوٗ ژھہِ سانٛہ پانس ستیٚ ژوٗن گربن پیٹھ ژور موہر
ٹھیلہٕ ہیتھ آمُت۔ ''بتہِ یمہٕ'' تمہٕ وۄن شہزادَس گردنہِ پننہِ نرِ ترٛاوِتھ۔ ''تِکیازِ بہٕ دِے
نہٕ ژےٚ گُنے زوٗن نیرنہٕ۔ أسی چھہِ یکجا روٗ دی ستیٚ، أسی نیرومُلکہٕ منٛزٕ تہِ یکہٕ وٹہٕ تہٕ اَسی
مَروتہِ یکہٕ وٹے۔ ہرگا ژےٚ بہٕ ٹوٹھ چھسے تیٚلہِ مَہ پھرمےٚ واپس''۔ شہزادن وۄنُس
''ژٕ سوچ زِ ژٕ کیاہ چھُکھ کران۔ مےٚ ہِن سبٹھاہ مُشکل بُتھِ۔ ژٕ کیازِ ترٛاوَکھ مےٚ ستیٚ
روزنہٕ خأطرٕ پنُن گرِ تہٕ مُلک؟''

تمہٕ وۄنُس ''تِکیازِ مےٚ چھُکھ ژٕ ٹوٹھ تہٕ ژےٚ ورأے ہیٚکہٕ نہٕ بہٕ زنٛہے تہٕ خوش
روٗزِتھ۔''

لہٰذا روٗ دی یِم زٕ دوست اَکھأ کِس ستیٚ روٗزِتھ مُلکہٕ منٛزٕ نیرنہٕ خأطرٕ یُوت
ممکن سپدُکھ تیُوت تیز پکان تہٕ یمَن پتہٕ أسی سپاہ تہٕ قیمتی مال ہیتھ گُری پکان۔

بادشاہٕ سنٛزِ سلطنتٕ ہنٛدِس سرحدس پیٹھ أکِس جایہِ وأتتھ دِژ شہزادن سپاہَن
کینٛہہ سونہٕ ہناتہٕ واپس پھیرنُک دِیتنکھ حُکم۔ سپاہ ہورٕ ٹہِ مال تہٕ دژاے۔ وۄن
گووتم گےٚ نہٕ زیادٕ دوٗر بلکہِ روٗ دی کنِمن تہٕ کھنگرن ژھایہِ ژھیٚپتھ تہٕ توٚت تانی روٗ دی أتی
پژاران یوٚت تانی تِمن یہِ پژھ ییٚتھ زِ شہزادَس چھنہٕ واپس پھیرنُک اراد۔

مُلک بدر کرنہٕ آمتی روٗ دی بژ وٗنہہ بژ وٗنہہ پکان یوٚت تانی تِم أکِس گامس

منز وأتی ییتہٕ یمو اَتھ جایہِ أکس بڈِس کُلِس تل راتھ گنڈ ارنک اراد کوٚر۔ شہزادن زول نارتہٕ تمہِ سامانہٕ منز کینژہ وچیز وٕستی کوٚرن ودتھ رٕن تیار یُس یمَن سٔتی اوس یێلہِ زَن وزیر سُند نیٚچو وأنس، کاندرس تہٕ بجُس نش کالُک کھمن تیار کرنہٕ خأطرٕ سامانہٕ اننہٕ گوو۔ کمہِ تانٔ وجہٕ کنٔ لوٚگ تَس ژیر شاید أس ژوٚٹ وٕنہٕ نا تیارٕ ے نتہٕ اوسنہٕ وأنٔ سوٗرٕ ے تیار تھوومُت۔ أڈِس گأنٹس پرارنہٕ پتہٕ سپُد شہزاد بےتاب ہیوٗ تہٕ ووٗتھ تھوٚد تہٕ لوگُن اورٕ یورٕ چکرادِینٕ۔

پتہٕ اَتھ تھکہٕ جایہِ نکھے وُچھ تمۍ اکھ خوش ہیوٗ صاف آبہٕ کولہِ ہنا پکان تہٕ یہِ ہوٗ زِتھ زِ امِیُک آگر چھنہٕ دوٗر دزاوسُہ یہِ ژھانڈنہٕ۔ یہِ کول أس اکہِ خوبصورت جھیلہٕ منز نیران یُس اَمہِ ساعتہٕ بڈٕ بڈٕ بمپوشو تہٕ باقے أبی گُلو زأ ژوٕ سٔتی وٕلتھ اوس۔ شہزاد بیوٗٹھ اَمہِ کس ڈٔنڈِس پیٹھ تہٕ ترٕیشہِ ہوٚت آسنہٕ کنٔ تُجن آبہٕ دوٚژھا۔ خوش قسمتی کنٔ وُچھ تمۍ چنہٕ بڑ وٕنہٕ پنہٕ نس اَتھس کُن تہٕ اَتہٕ أکس خوٗبصورت پرٕ کہِ یہِ ہُنٛد توٚن تہٕ گوٚن پرتو وُچھتھ سپُد سُہ سبٹھاہ حأران۔ حقیقت زاننہٕ خأطرٕ دِژ تمۍ اورٕ یورٕ نظر امگرلتہٕ ییلہِ نہٕ کہنٔ نظرٕ گوس تہٕ چون یہِ آب۔ پتہٕ دُبارٕ آب تُلنہٕ خأطرٕ وہرأوِن اتھہٕ۔ دُبارٕ وُچھ تمۍ اَتھس منز موجوٗد آبس منز یہوے پرتو۔ گوڈٕ نکی پأٹھی دِژ تمۍ اورٕ یورٕ نظر تہٕ اَمہِ وِزِ وُچھاُی جھیل کس لیأرِ مس ڈٔنڈِس پیٹھ اکھ پری ہیتھ۔ أمس وُچھتھ پیوٚ سُہ أتی غش گژھتھ پتھر۔

ییلہِ وزیر زاد واپس ووت تہٕ اَتہٕ وُچھن ناردزان، گرٕ ٹھیک پأٹھی گنڈِتھ تہٕ موہرٕ ٹھیلہٕ أکی ہے جایہِ ڈیرِس کرِتھ مگر شہزاد نہٕ کُنے۔ تَس اوسنہٕ کینژہ سوچنے تگان

سۄ ٹھٔہر یاو کینژٕس کاںٛس تہٕ پیٛتہٕ دِژن کربکھ مگراورٕ کانٛہہ جوابا نہ پیٛنہٕ۔ کٔژ وۄتھٕ سۄ تھ
گووکولہٕ کُن۔ اَتہٕ گاںٛس پیٛنہٕ ۔نس یارٕ ہنٛدی پدبن ہنٛدی نشانہٕ نظرٕ ۔ یم وُچھتھ گو
جلدٕ ے واپس ہارٕ دیارتہٕ گربن وُچھنہٕ تہٕ تم پانس ستی تُلتھ گووسۄ شہزادٕ ہنٛدیو پدو
جھپلَس پیٹھ۔ اَتہٕ وُچھن سۄ پتھرِس پیٹھ دراز دِتھ زنتہٕ پوٗرٕ پاٹھی مۄدمُت۔ افسوٗ
وہٕ افسوٗس! تٔمی ژھٔٹ باکھ تہٕ شہزادَس تھوٗد پہن تُلتھ چھو کنَس بُتھس تہٕ کلَس آب
افسوٗس، میانہٕ بایہ،" یہٕ کیاہ؟ ژٕ مَتہٕ مرتم مےٚ یتھ حالَس منٛز ترٲوِتھ۔ تلا گتھ کر۔ گ
کرتَم۔ میانہٕ خدایہٕ بٔہ ہکہٕ نہٕ یہٕ ژٔرِتھ!"

آبہٕ ستی آو کینژٕ منٛزہٕ پتہٕ شہزادٕ واپس ہوشہٕ ہیوٗ، اَچھ مۄر راوبن تہٕ لوگُن یٲ گ
پاٹھی اورٕ یور وُچھن۔

"شُکر خدایَس کُن" وزیرزادَن وۄن خوشی سان "مگر بایہٕ۔ ذٔلیل کیاہ
چھےٚ؟"

شہزادَن وۄنُس "نیٖر ییٚتتھ۔ بٔہ چھسے نہٕ ژٕ ے کہنٛز تہٕ یژھان وَنُن تہٕ نہ
چھسَتھ ژٕ وُچھن یژھان۔ نیٖر ژٕ ییٚتتھ۔"

"پکھ، وۄتھ اَسی نیٖرو ییٚتتھ۔ وُچھ مےٚ چھےٚ ژٕ ے کیٚتھ کینٛہہ کھنن تہٕ
اوٗ نمُت، ییٚنہٕ گرکٕ تہٕ سأری چیٖز۔ وۄتھ کھےٚ یہٕ تہٕ اَسی نیٖرو۔"
شہزادَن وۄنُس "گوٚژھ گُنے زوٗن۔"

وزیرزادَن وۄنُس "سوالے چھنہٕ تہٕ۔ ییٚتتھ کیاہ سپد ییٚمہٕ کٔژ ژٕ ے بٔہ
اچانک اجنٔبی ہیوٗ چھسے باسان، وُنی کینٛہہ کال برٛونٛہہ اَسی اَسی بارٕ نی تہٕ وۄنی چھسے بٔہ

ژےٚ اُچھَن تہٕ کھران ہیوٚ۔ ''شہزادٕن ووٚنُس'' مےٚ پییہِ اَکس پٔرۍ پٮ۪ٹھ نظر۔ بلکہ اَکس لمحس وُچھُم تسُنٛد بتھ مگر ییٚلہِ تمہِ یِہ زون زِ یہ چھُس تس کُن وُچھان تمہِ تھووٚ پٔنُن بتھ پمپوشہِ ؤتھرن ژھایہِ۔ وائے۔ سوٕ کرٛشا ماٗرۍ منٛز اَس۔ تہٕ ییٚلہِ مےٚ تَس کُن مُدے تَمہِ کوٚ ڈیپنہِ وَچھِ تلہٕ اَکھ ڈبہ تہٕ ہووُن سُہ مےٚ کُن۔ پَتہٕ گوس بہٕ بیہوش۔ وائے! ہرگاہ ژےٚ تَس سٟتۍ کھاندر ہیٚکَکھ کٔرِتھ بہٕ گژھہ ژےٚ سٟتۍ کُن تہٕ۔''

وزیرزادٕن ووٚنُس ''میانہِ بایہِ۔ ژےٚ چھُتھَن بے شک پرۍ وُچھمٕژ۔ یہ چھےٚ پٔرۍ ہنٛز پٔرۍ۔ یہ گژھہِ ضروٗراژ شہرٕچ گُل عذار آسٕنۍ۔ مےٚ چھُ یہ تموٗ اِشارو تلہٕ فِکرِ تران یمہٕ ژےٚ تمہِ ہاوۍ سٟتۍ چھےٚ۔ تمہِ یِنٛدِ پمپوشہِ ؤتھرو سٟتۍ بتھ ژوٗرِ تھاونہٕ کِنہٕ نٟنٛیاومےٚ تسُنٛد ناو تہٕ ژےٚ ہُسۍ دِنٛدِ ڈبہ ہاونہٕ کِنہٕ نٟنٛیاومےٚ زِسو گژھہِ پٔژھ روزان۔ ژٕ کر صبر تہٕ میانہِ یتھ کتھہِ پٮ۪ٹھ کر پژھ زِ بہٕ کرےژےٚ تَس سٟتۍ کھاندر۔''

ییٚلہِ شہزادٕن یمہٕ حوصلہٕ ہُرراوٕن واجنہِ کتھہٕ بوٗزٕ تٔمِس میوٗل سکوٗن، تھوٗد ووٚتھ تہٕ کھیوٚن تہٕ پَتہٕ دژ اوخوٗشی سان پَنہٕ نِس یارس سٟتۍ۔ وَتہٕ سٕمکھۍ ییمَن زٕ نفر۔ یم اَسۍ ژوٗر ومنٛز یم زن گُل کاہ ژٕنۍ اَسۍ۔ اَکھ یعنی اَکھ زِٹھ بینہِ اَسکھ گرِتہٕ سوٗ اَس بتہٕ رنان تہٕ باقے اَسۍ داہ یم ساٗری باٗیی یاٗتی اَسۍ تم اَسۍ جورِجور نمبر تہٕ تمَن ژوٗن الگ الگ وَتَن پٮ۪ٹھ رٕکان یمہٕ مُلکہِ کنہٕ بیوٚن بیوٚن طرفَن منٛز آسہِ۔ یم اَسۍ تمَن وَتہٕ گتَن لوٗٹان یم تہٕ ییمَن مقابلہٕ اَسۍ کٔرِتھ ہیٚکان۔ تہٕ تمَن یم تیٚتۍ طاقتوٗر اَسۍ آسان زِ یمَن دوٗن ہیٚکہِ ہَن قابو کٔرِتھ تمَن اَسۍ یہ دٟنتھ کٔر سال کٔرِتھ نوان زِ پکو تہٕ سانہٕ کٔرِو آرام تہٕ اَتہٕ اَسکھ گٔرِکۍ ساٗری باٗژ حملہٕ کران تہٕ ساٗلم کینٛہہ لوٗٹہٕ نوان۔ یم ژوٗر اَسۍ اَکس

بِتھِس ماٹھَس پیٹھ روزان۔ یتھ منز کینہہ مضبوط گنجینہٕ اُسی تہٕ یتھ یوٚنہٕ کٔنہِ اُکھ
اوس اَتھ منز اُسی یِم ہمَن لۄکن ہِنٛز لاشہٕ دأرِتھ دِوان یِم کُنہِ پأٹھی یہنٛد بن اَتھ
اُسی لگان۔

یِم زنفر آے یِمَن بڑ وۄنہہ کُن تہٕ شأیستہٕ گی سان یِمَن کُن مخاطب سپد
ہِکھ درخاس زِ تۄہی روزِ واز راتس سانہِ گرِ۔ تِمو وۄنہکھ "وُنی کمن گوو ژِ تہٕ کین
میلَن تانی چھونہٕ بیٚنہٕ کانٛہہ گامہ۔"

شہزادَن پرٛژھ (وزیر زادَس) "بابا، اُسی کروا تِمس رِتس انسانہٕ
دعوت قبول؟"

وزیرزادَن کھأج اِنکار۔ کنہٕ بُتھس دِژ ہے ہش مگر شہزادِ اوس تھوٚ کمت تہٕ
سۄنچ زِ اُکی ہِنٛدِس دوستس گوو اَمہِ وِزِ اُکنے تہٕ وۄنُن یِمَن نفرن کُن "سبحان رُت
گیہ تۄہنٛز مہربأنی زِ تۄہہِ پرٛژھو اَسہِ۔"

اَمہِ کنہٕ دِژ اے تِم ژۄ شوٚے ڈاکو ماٹھَس کُن۔

اکس کمرس منز بہتھ یتھ نیٚبرِ کنہٕ دژ وازس ہانکل کٔرتھ اُس لگی یِم زُ مسافر
پنہٕ نِس تقدیرس پیٹھ ماتم کرنہِ۔

وزیرزادَن وۄنُس "ووش تر اونہٕ منز نیرِنہٕ کہنی۔ بہٕ کھسے دارِ پیٹھ تہٕ وُچھ
اَسہِ چھا ژلنس کانٛہہ وَتھ۔ "آ۔ آ" یٚیلہِ سُہ دارِ وۄتِھس نِش ووت تہٕ کُر ووڈ
پھسراے کران۔ "یوٚنہٕ کٔنہِ چھُ اُکھ چاہ۔ یتھ أندی أندی تھوٚد دیوار چھ۔ بہٕ ژاوٚ
یوٚن وۄٹھ تہٕ وُچھہِ زِ کانٛہہ وتھا مانیرِ۔ ژِ روز یٚیتی تہٕ پرٛاریو ت تانی بہٕ واپس یِیے۔"

اُتھی منٛز ییٚلہِ سُہ واپس آو تہٕ وۄنُن شہزادَس زِ مےٚ ڈیٚچھا اَکھ سٮ۪ٹھاہ بدصوٗرت زنانہٕ یوٚسہٕ میانہِ اندازٕ کنۍ ژۄرَن ہنٛزٕ نوکرانۍ گوٚدھہٕ آسہٕ۔ تِمہٕ سُند منصوٗبہٕ اوس زِ بٔہ وَنہٕ اُمِس بدشکل زنانہِ سائلم کیٚنہہ تہٕ یَتہٕ اَنِن سو۔ تِھ وعدٕس پتھ اَسہِ ییٚنہٕ موکلاونہٕ خاطرٕ زِ اَمۍ سُند کھاندر سپدِ شہزادَس سٟتۍ۔ بٔہ اَنِن سو پانَس سٟتۍ یور کرِس منٛز۔ سو منٛگہِ اَسہِ ییٚنہٕ آزاد کرنہٕ خاطرٕ یقیناً اَمہِ کتھہِ ہُنٛد وعدٕ۔ ژےٚ چھی گوڈٕ اَتھ کتھہِ متعلق ڈٕلوٗلے ہیٚو لاگُن تہٕ اَخرَس اَتھ پیٹھ آمادٕ سپدُن۔ شہزادَن مانۍ اَمۍ ہنٛزٕ یہ کتھ۔ ییٚلہِ وزیرزادٕ اُمِس زنانہِ نِشہِ گو وتمہٕ لوگ وَدُن۔

اَمۍ پرٕژھنَس "ژٕ کیازِ چھکھ ودان؟"

تمہِ وۄنُس درجواب "تِکیازِ توہہِ چھونہٕ وۄنۍ ژٕرس کالَس زِنٛدٕ روزُن۔"

اَمۍ وۄنُس "ژٕ مہٕ وَد۔ بلکہِ پکھ تہٕ کر شہزادَس سٟتۍ کھاندر۔ پکھ وۄنۍ تہٕ ہے تِمَس اَمہِ کتھہِ بابتھ آنکار۔"

یِم وژاے تہٕ کرِس منٛز واٟتھ موٗنگ وزیرزادَن اُمِس زنانہِ سٟتۍ کھاندر کرُنگ شہزادَس وعدٕ۔ مگر تِمہٕ کوٗر تورٕ یہ وٕنتھ انکار زِ یِژھ ہِشہِ زنانہِ سٟتۍ کھاندر کرنہٕ کھوٚتہٕ چھُ مےٚ اُتھی ماٚنٛژَس منٛز ہوٚژُن بہتر۔ اَتھ پیٹھ پیوٚ وزیرزادٕ اُمِس پادَن تہٕ سٮ۪ٹھاہ زارٕ پارٕ کوٚرنَس یوٚت تانۍ شہزادٕ مانۍ روٗزُن۔

خوش تہٕ شادمان سپدِتھ ہاوُنکھ اَمہِ زنانہِ اَمہِ بند کمرٕ پیٹھہٕ اکہِ پوٚت برٕ کنۍ نیرنچ وَتھ۔ وزیرزادَن وۄنُس "مگر گری تہٕ سامانہٕ کتہٕ چھُ؟"

زنانہِ وۄنُس "توہہِ ہیکوٕ نہٕ تِم اَنِتھ تِکیازِ کُنہِ ییٚنہٕ وَتہٕ ییٚنہٕ نیرُن گوو سیٚو دےٚ

پُتّن پان قبرِ منز دأرِتھ دِین۔"

"اچھا ٹھیک چھُ۔ تیلہِ کڈو کھ تم تہٕ یِمی دروازٕ سے ٚچھُ اَکھ جودِ یمہٕ
تم وٚتھی یازأولِ ہبکُکھ بنأوِتھ" یتھہٕ کنٔ أنی وزیرزادَن کأنسہِ پے تھاونہٕ ورأ
گُرِ تہٕ مأنتھر دِتھ تأرِن اَمہِ تنگ درواز کنٔ یتھہٕ کنٔ زنتہٕ تم گیر چھلہٕ اُسی۔
سأری نبر دڑا سے تہٕ أنِن پننہِ شکلہِ منز۔ سُہ کھوٚت یکدم پننہٕ نس گُرِس تہٕ بیٚ
ہنز لاکمہِ کُرِن تھپھ۔ اَمہِ پتہٕ کوٚرُن شہزادَس تہٕ یلی کرنُک اِشارٕ تہٕ دڑاو۔ شہزادَس
تتھے موقعہٕ میوٚل تہٕ دڑاو بیٚیس گُرِس تتھے پأٹھی تھپھ کُرِتھ أمِس پتے۔

زنانہِ دِژ زورٕ کرِ بکھ "رُکو۔ ہے رُکو۔ مے مہ ترٛأوِوٚیتی۔ میأنین بابن
لگہِ میأنہِ حرکژ ہُنٛد پتاہ تہٕ تم ژھنن مے مأرِتھ۔"

وزیرزادن دِژس کرِ بکھ "پکھ اَن تیلہِ دَو۔ أسی ماچھِ زیادٕ تیز دوران۔"
زنانہِ بوٗت ہیوٚک تیوٗت تیز دورِ ییہِ تہٕ أس ووٗنی یمن سوارن نِشہِ کے
پتہ۔ ییٚلہِ وزیرزادَس یہِ فِکرِ توٚر زِ تم چھِ ووٗنی خطرٕ نبر تہٕ سُہ ووٗتھ گُرِ پیٹھ بوٚن تہٕ
شأنٛش کھرٛ مَرِ زنانہِ دِژن تھپھ۔ سوگنٛڈن أکِس کُلِس تہٕ وألِنس چھانٛٹہٕ۔ دوٚپُس
"بدصوٗرت زٔنی ووٗنی ہرگاہ ژے بأسے لبنٔے ژٕوٗنی زبکھ زِ تم أسی دیوٗ تہٕ توٚے ژٕلی۔"

تم روٗدی گُرِ بن پیٹھ بژ وٗنہہ بژ وٗنہہ دَوان یوٚت تانی تم أکِس گامس منز
وأتی ییٚتہِ تِمو راتھ گُذأر۔ دوٚیمہِ دوہہ صُبحٲے دڑاے تم اَتہِ تہٕ روٗدی پژ بتھ شخص
شہرِ اجک پے پتاہ پژ ژھان یُس تِمن سمکھیاو۔ اُخرس وأتی تم اَتھ مشہوٗر شہرس تہٕ
تژ ووٗکھ أکِس لوکچہ پہرِ منز ڈیرِ یوسہ أکِس بجہ زنانہِ ہنٛز أس تہٕ یَس نِشہِ تِمن ظلم

باسیاونہٕ تہٕ اوٗ کنٛز تس ستیٚ رۄژتھ ییم اَمن تہٕ آرامہٕ سان روزِتھ ہیکہٕ ہن۔ گوڈٕ گوڈٕ کوٚرنہٕ اُمس بجہٕ یمن ہُنٛد اُمی سنٛدِس گرس منٛز روزن خوش۔ مگر تتھ پیالس منٛز سومو ہر ڈیٚشتھ یوسہٕ شہزادن اَتھ منٛز ترٛاوِ تہٕ یتھ منٛز تمہٕ اُمس ترٛیش اُس دِژمژ تہٕ وزیر زادٕ سنٛدِ طرفہٕ تہٕ دۄییمہٕ موہرِ ہُنٛد تتھے تحفہٕ وُچھتھ بدلوو تمہٕ ؤلی ؤلی پنٛن خیال۔ تمہٕ مون تمن لتہٕ کینٛژن دۄہن روزن۔

تتھے تمہٕ پنٛنی کام موکلاوتہٕ سوآیہٕ تہٕ بیٹھ یمن نشہٕ۔ وزیر زادن دیٚت یہ باس زِ زنتہٕ تس امہٕ جایہٕ تہٕ اَتہٕ کمن بسکینٛن ہُنٛد بلکل تہٕ کہنی پتاہ اوسنہٕ۔ تمۍ پرٛژھ بجہٕ "یتھ شہرس چھا کانٛہہ ناو؟"

"ژٕ ما چھکھ چور۔ گوٚژھس ناناو آسُن۔ ییٚتے لوکٕٹین گامن تہٕ ناو چھ آسان شہرٕچ چھنہٕ گژھے۔ یتھ شہرس گوٚژھ ناناو آسُن۔"

"تیلہٕ کیا چھ یتھ شہرس ناو؟"

"شہرِ اَج۔ ژٕ نے چھی نایہٕ ناو بوٗزمت؟ مے چھ باسان زِ یہ ناو چھ پوٚرٕ دُنیاہس پتاہ"۔ یام امہٕ شہرِ اَج وۄن شہزادن ترٛ دوو زٕ بُتھ ووش۔ وزیر زادن کٔر تمس ترٛژھ نظر زنتہٕ وۄننس "دَم کرنتہٕ گژھہٕ بۄرس فاش۔"

وزیر زادن وۄنس برٛونٛہہ کُن "یتھ مُلکس چھا کانٛہہ بادشاہ؟"

"بلکل چھ ییٚتہٕ چھنے ملکہ تہٕ تہٕ اَکھ شہزادٕ تہٕ۔"

"تمن کیا چھ ناو؟"

"شہزادِ چھ ناو گل عذار تہٕ رانہٕ چھ ناو"۔۔۔

وزیرزادَن ژٔٹ شہزادَس کُن پھیرِتھ بجہٕ ہنٛز کتھ یُس پاگلہٕ ہندی پاٹھی مُدٕ ے گنٛڈِتھ اوس وُچھان۔

پَتہٕ وڈن تمہٕ تِمس ''آ۔ اَسی چھِ صحیح مُلکس منٛز۔ اَسی وُچھون سو خوبصورت شہزادی۔''

اکہِ دوہہٕ صُبحٲے وُچھ یِمَو مُسافر وِیہِ بُڈ پانس پٲر اوکران۔ سو اُس پٔتِن مَس شیران تہٕ قصابہٕ تہٕ پۆژ تہٕ ٹھیک پاٹھی تھاوان۔

وزیرزادَن وڈنُس ''کِمس چھُ یُن''

بجہٕ وڈنُس ''کانٛسی نہٕ۔''

''تیٚلہِ کوٚت چھی ژٔرٕ گرٕھُن؟''

''یہٕ گژھہٕ کورِ نشہِ۔ سو چھےٚ گُل عذار شہزادِ ہنٛز نوکرانی۔ یہٕ چھُس پرٛتھ دوہہ شہزادِ تہٕ تَس نِش گژھان۔ یہٕ آسہٕ ہاراتھ تہٕ گُمڑ ہرگانہٕ توٚہی یِیٚتہِ اُسہِ ہُو تہٕ یہٕ پٔژ وِتِس توہی ستی گُجمڑ آسہٕ ہَونہٕ۔''

''آہ! جبس تھاوِ زینہٕ شہزادِ بوزِ وُن سون کینٛہہ وَنگھ'' وزیرزادن وڈن تِس زینہٕ محل خانَس منٛز یِمَن متعلق کانٛہہ کتھ وَنہِ۔ غرض اوسُس زٲمس یہٕ کتھ وَنہٕ تہٕ وَنہِ سو یہنٛدِ ینگ تہٕ تِتھہٕ کنی لگہِ شہزادِ یہنٛدِ ینگ پیٚے۔ موج وُچھتھ پاد کورِ ماجہٕ کُن سخت ژٔکھ تہٕ پرٛژھنَس ''ژکونہٕ آیکھ دوٚن دوہَن بجہٕ وڈنُس درجواب ''میانی گوبرِ زٕ مسافر یعنے اَکھ شہزادِ تہٕ بیا کھ بییہٕ کِمس تانی بُڈِس وزیرسُند نیچو چھِ سانہٕ پہر منٛز روزِتھ تہٕ تِمنٕہِ ستی چھُس لگان۔ بَس صرف چھُس دوٚہی دوہَس رِنس تہٕ چھلنس بییہٕ چھلنس

تہٕ پاکونس ستۍ لگان۔" بڑ ؤنیہہ گن وؤنٔس "مےٚ چھنہٕ تہنٛد کینہہ تہٕ فکرِ تران اَکھ چھُ مےٚ بلکٕلے چور باسان۔ کٔر پزٕ ژھ مےٚ یٔیمہِ مُلکُک تہٕ یٔیمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہ سُند ناو۔ وؤں کتہٕ پیٹھٕ گرٕ ژھَن یم آٮ۪تی آسنہٕ زِ یٔمن چھنہٕ یتہٕ پتاہ۔ وؤں گوو تم چھِ بڑٕ رتی تہٕ امیر۔ تم دوشوٕے چھِ مےٚ ضٕمُس تہٕ تہٕ شامَس تہٕ اَکھا اَکھ موہَر دِوان۔"

اَمہِ پتہٕ گیہ یہِ بُڑ شہزادِ نش تہٕ الہِ پلہٕ ؤنن یہے لفظ شہزادِ۔ یہِ بوٗزِتھ لوٗیس تمہِ واریٚہہ تہٕ وؤنُس زِ ہرگا یہِ ڈبارٕ کأنٛسہِ ووپرٕ مرٕدِ ستۍ گژھ مےٚ نش ؤنِتھ بہٕ دِمے خطرناک سزا۔

شامَس یٔیلہِ یہِ بُڑ گرٕ واٚ ژ تمہِ وؤن وزیر زادَس زِ خبرٕ مےٚ کیاہ رووزِ مےٚ پھُرٕ ژےٚ ستۍ کوٚرمُت وعدٕ تہٕ شہزادِ کتھٕ کٔرٕ لوٕے تَس تہنٛدِ ینگ تہٕ توہہ متعلق سارے کتھٕ وَنہٕ نَس پیٹھ۔

"افسوٗس! افسوٗس" شہزادَن یُس سیٹھاہ دلچسپی سان یہِ لفظ لفظ بوزان اوس وؤن "تیٛلہِ کوتاہ شرارت کھَسہِ تَس کأنٛسہِ مَردَس وُچھتھ۔"

"شرارت!" حأرتھاہیو بأدِتھ وؤنُس وزیر زادَن "سو گژھِ اَکِس نفرس وُچھتھ سیٹھاہے خوش۔ تہٕ چھُ مےٚ پتاہ۔ تمہِ یہِ اَمس بچہٕ ستۍ کوٚر تمہِ تلہٕ چھُ مےٚ باسان زِ سو چھےٚ یژھان زِ یِنہٕ وأرِس گٹہٕ پچھس دوران گرٕ ژھکھ تَس ژٕ سمکھنہٕ۔"

"شکر خدایس گن" شہزادَن وؤن خوشی سان۔

دؤیمہِ پھرِ یٔیلہِ بُڑ محل خانس منٛز گیہ گُل عذارِ کوٚر اَکِس نوکرانہِ آلو تہٕ وؤنُس فِل فور گرٕ ژھ تہٕ بُڑ یٔیلہِ گتھٕ آسی کران تہٕ سو ہرگا پزٕ ژھی زِ کیاہ دٔلیل چھےٚ ژٕ ؤنی

زبس زِشاہی ہُسی چھِ متیمہٕ تہٕ تِم چھِ شہرَس تہٕ بازرَن منز پڑ بتھ لنڈِ پھیران تہٕ یہٕ پیٚیکھ تتھ چھِ لرِ پار کران۔

نوکرانہِ کوٗرِ یِی تہٕ بجہِ آو خیال زِ ہُسی ہرگاگے تہٕ تِمی سنٛزٕ پہرِ ژھٔنن وأرِلتھ شہزادَس تہٕ تِمی ہندِس دوستس تہٕ ژھنَن مأرِتھ اوٚ۔ کٔنٛز کرِن شہزادِ عأجزی زِیٚبہٕ نیرٕ ے۔

گُل عذاراوس اکھ جادوٗیی جھولہِ۔ یَتھ پٔٹھ بہتھ سُہ توٚت واتان اوس یوت سُہ گژھُن ییٚژھہِ ہے۔ أکِس نوکرانہِ یوسہٕ أتی ووٚدنی أس تَس کُن ووٚنُن "نیر جھولہِ اَن" ۔ییٚلہِ یہٕ انہٕ آو تِمہِ ووٚن بجہِ زِ نیرکھس اَتھ تہٕ وٚنس مےٚ واتناوِ گرِ۔

بجہِ کوٗرِ یِی تہٕ وأژ فورَن ہوٚہَس منز وُڈوگران ٹھیک پأٹھی پنٛنہٕ پہر منز ییٚنہٕ تِمہِ پنٛنِ پرٛژھی وار پأٹھی وُچھ۔ تِمہِ دِژ کریکھ "اوٚہ! مےٚ دوٗپ توٚہی دوشوٚے ماأسو دٔنیس تانی مارِ ہٕتی ۔شأہی ہُسی چھِ ہبلہٕ گمتی تہٕ چھِ یأ گی پأٹھی پھیران۔ ییٚلہِ مےٚ یہٕ بوزنے لجِ تُہنٛز سخت فِکر۔اوٚے دِیُت مےٚ شہزادِ یہٕ جادوٗیی جھوٗلہِ یُتھ بہٕ واپس ولتہٕ۔ خأر وُتھو امہِ برٛونٛہہ زِ ہُسی واتَن یورتہٕ یَتھ جایہِ مُتھ تھٔنن أسی نیر وییٚتہٕ نبر۔

وزیرزادَن ووٚنُس "مہ گراَتھ پڑھ۔یہٕ چھےٚ بُلی افواہ۔تِمو چھی ژٔرٕ نخولہ کوٗرِ متہ۔" تِم ووٚن شہزادَس کُن لوٚت پأٹھی "ژےٚ گژھی جلدِ ے دِلُک مرادپوٗر۔ ییمہٕ چھےٚ امچِ نشأنیہ۔" گٹہٕ پھیچہِ چِہ زِ رأ ژنیرتھ پٹھی شہزادِ تہٕ وزیر زادِ جھولس پٹھ تہٕ بأوِکھ یژھ زِ أسی گوٗژھ محل خانہٕ کِس صحنس منز واتی ۔أکی سے ژِہس منز أسی تِم ژٕتہٕ تَتہِ اوس محل خانہٕ چہٕ أکِس بٔرِ نِش تی تِتھےٚ پأٹھی شہزادِ ہندِس انتظارَس یتھہِ پأٹھی شہزادِ تِمس وُچھنہٕ خأطرِ بےٚ تاب اوس۔

واہ۔ یہِ کیُتھ مزٕ دار مُلا قات اوس!

گُل عذارِ وۄن ''چھیکرس تہٕ وُچھ مےٚ پنُن محبوٗب، پنُن اوش۔''

شہزادن وۄنُس ''خدایس کُن لچھ لچھ شُکر ییمۍ بہٕ ژےٚ نش واتنوونس۔''

امہِ پتہٕ آے بڑ وۄہہ کُن مُلاقات طے کرنہٕ تہٕ پتہٕ کۄر شہزادن تہٕ گُل عذارِ اَکھأ کس مونہِ تہٕ میٹھۍ تہٕ دراے۔ اَکھ دزاو بُہرِ کُن تہٕ بیاکھ محلس کُن۔ دۄشوٕے أسۍ ازگوڈ نکہِ پھرِ پتۍ خوش۔

اَمہِ پتہٕ اوس شہزادِ پڑ بتھ دوہہٕ گُل عذارِ سمکھنہٕ گوھان تہٕ راتھ کیُتھ پھرِ منز واپس یِوان۔ اکہِ دوہہٕ کوٚر تَس گُل عذارِ زارِ پارِ زِ ژٕ آسہٕ تہٕ مےٚ ستۍ ہر ہمیشہ روزان تِکیازِ تَس اوسنہٕ أمۍ سُند راتھ کِیُتھ نیرُن پسند۔ تَس اوس برابر یہِ خوف روزان زِ أمِس گۄژھہٕ کینہہ کُتھ سپدُن۔ ڈاکو گوھس نہٕ مأرِتھ ژٕھنِنۍ۔ یا بمار گۄژھہٕ گوھُن تہٕ لَس راوِ سہٕ۔ سو ہیکہِ نہٕ تَس وُچھنہٕ ورأے زِندٕ روٗزِتھ۔ شہزادن سمجھأو سو زِ کھوژنک چھنہٕ کہنۍ تہٕ وجہ تہٕ تَس چھُ راتَس پَنہٕ نِس دوستس نشہِ ضروٗر واتُن تِکیازِ تمۍ چھُ میانہِ خأطرٕ پنُن وطن تہٕ پنُن گرٕ ترٛأوِتھ پَنہٕ نِس زُوس گیٚنڈ مُت۔ تہٕ بیٚیہِ ہرگاہ یہِ دوس مےٚ مددگر ہےٚ بہٕ ہیکہ ہانہٕ زانہہ تہٕ ژےٚ سمکھِتھ۔

وقتی طور مون یہِ گُل عذارِ مگر دِلس منز کوٚر نہ یہِ شبہٕ اِرادٕ زِ مےٚ یۄت جلد پلہِ تیٚوت تُلناوٕ بہٕ أمِس وزیرزادس نِشہِ تھپھ۔ اَمہِ کتھہِ باتھہِ پتہٕ کینہہ دۄہ دِتۍ اَمہِ پننہٕ أکِس نوکرانہِ پولاو بناونک حُکم۔ تہٕ بتۍ دِتنس یہِ خاص ہدایت زِ تیار کرنہٕ وِزِ رلأوِ زِ بس فلأنی قسمُک زہر۔ تہٕ یانی یہِ تیار سپدِ تہٕ کرِ لیہِ پتھ تھأوِ زِ ٹھانٹھ یتھ نہٕ

یُہس سِتؠ زہرُک اَثرٕ وُڈِتھ گژھہِ ۔ یِیلہِ پولاو تیار سپُد تمہِ سوٗزُس تمی وزیٖرٕ کس نوکر...
اَتھہِ وزیرزادَس یہِ پیغام ہیتھ زِ ''شہزادِ گل عذار چھُ یہِ پننِس گنٛدرِیمتِس پترٕ...
نأوِتھ ژےٚ سوٗزمُت۔''

یہِ ڈأکی رٕٹِتھ سوٗچ وزیرزادن زِ شہزادَن آسہِ شہزادِ سٟتھے شکرگزأری سال...
میوٗن ووٗنمُت تہٕ تَوے روٗد سُہ تَس یاد۔ اَوٕ کِنۍ سوٗزنس یورٕ تہِ سلام تہٕ بیٚیہ شکریہ۔

یام کالُک وقت ووٗت تٔمۍ تُج یہِ پولاوٕ گرائے تہٕ گووکولہِ پیٚٹھ کھیٚنہٕ۔ ٹھاٹھ...
ٹُلنَس تہٕ تھووُن سُہ أکِتھ کُن گاسَس پیٚٹھ تہٕ پوٗٹھرٲوِن اَتھہٕ ۔ أتھۍ دوران یِیلہِ سُہ...
اَتھہٕ اوس پوٗٹھران تہٕ یُس سبزگاسہٕ گرایہٕ ہنٛدِس ٹھانٛڈَس تَل اوس سُہ اوس زرد گومُت۔
سُہ سپُد حأران تہٕ گوس شک زِ پولاوَس چھُ زہر۔ تُٔمۍ تُج اَمہِ منٛزٕ رژھا تہٕ چھوکُن سُہ تمن...
کاوَن یِم اَتہِ اورٕ یورٕ أسۍ کران۔ یِمَو کاوَو تِتھے یہِ کھوٚو تِم پےٚ تَتھر تہٕ موٗدی أتی۔''

وزیرزادَن کوٚر خدایس کُن شُکر زِ ''خدایہِ تہِ چھا زِ بہٕ بچوو تھَس ژےٚ اَز...
مرنہٕ نِشہِ۔''

اَمہِ دوہہٕ راتھ کیٚنٛتھ یِیلہِ شہزادٕ واپس ووت وزیرزادٕ اوس مغموٗم تہٕ ژٕتھ...
گوٗمُت۔ شہزادَن کٔر تٔمِس منٛزٕ یہِ تبدیلی محسوٗس تہٕ پرٛژھنَس أمیُک وجہ ''یہِ ماچھُ اَوٕ کِنۍ زِ
بہٕ چھُس ژےٚ نِشہِ دوٗرٕ زیادٕ کالس محل خانس منٛزٕ آسان؟ وزیرزادَن ووٚن زِ شہزادَس
اوسنہٕ پولاوسوزنَس منٛزٕ کہنۍ تہِ دخل تہٕ اَمہِ کِنۍ ووٗننس سورُے کیٚنٛہہ۔ ووٗننس ''ژٕ چھ
یِیأرکی ۔ یَتھ رُمالہِ منٛزٕ چھےٚ تَمہِ پولاوٕ منٛزٕ أڈ ہنا یُس شہزادِ مےٚ اَز صُبحس یہِ وٕنِتھ سوٗزِ یہِ
اوس تٔمۍ ہنٛدِس گنٛدرِیمتِس پترٕ ہنٛدِ ناوِ ۔ یَتھ چھےٚ زہر بلا یارٕ لأوِتھ۔ شُکر خدایَس کُن

مےٚ ننیاو یہِ وقتسے پیٹھ۔"

"بابہِ! یہِ ژٕمی آسہِ کوٚ رمُت۔ تتہٕ کُس چھُ یُمس چوٗن عداوت چھُ۔"

"شہزادی گل عذار۔ بوز۔ وۄنی ییلہِ ژٕ تمس سمکھنہِ گوٚھکھ ژٕ نی زِ ضرور پانس ستی شہی ہناتہٕ تیتھے ژٕ شہزادی وُچھنی ہمُن ژٕ تژٕ اُوی زِ اَمہِ منز رَژ ھار ژھاپنہٕ نئن دوٚشوٚنی اُچھن منز۔ امہِ ستی وۄسی ژٕ ے اوٚش تہٕ گل عذار پٕرژھی ژٕ ے زِ ژٕ کیاز چھکھ ودان۔ ژٕ وۄنی زبس ئہٕ چھس پنُن دوست راونہٕ کنہِ ودان یُس اَز صحائے اچانک گنٛدریاو۔ آبیہِ نہٕ یہِ شراب تہٕ یہِ کرٛو ژ ھ۔ ییلہِ ژٕ پنہٕ نس دوستہٕ سنٛدِس مرنس پیٹھ دوٚکھک پوٗر سانگ موکلاوکھ تہٕ پتہٕ وۄنی زِ شہزادِ زِ ژٕ چےٚ وۄنی شرلبہِ رَژھا۔ یہِ چھُ تیز تہٕ تَس پییہِ اَمہِ ستی گوٚب ہنٛدر۔ سو ییلہِ ہنٛدرِ آسہِ ژٕ تژٕ اُوی زِ یہِ کرٛو ژ ھ تہٕ اَمہِ ستی تژٕ اُوی زبس کمرس آکھ۔ پنہٕ کرٛو ژ ھ واپس اَنُن مُشتھ گوٚھی تہٕ پییہِ اُنی زبس مختہٕ مال تہٕ کنٛدِتھ۔ یہِ گرِتھ یِی زِ واپَس۔ نیرتہٕ یہِ کرنس کھوٗژی زبنہٕ تکیا زِیہِ کرنس پیٹھے چھُ چانہِ خوشی تہٕ قسمتُک دارمدار۔ ئہٕ گرِ اَمہِ کنہِ ییمہِ گتھہِ ہُند انتظام زِ شہزادِ ہُند مول یعنے بادشاہ تہٕ ساری دربٲری مانن چوٗن کھاندر شہزادِ ستی گرُن۔"

شہزادن کوٚ رُس وَعدِ زِ سہٕ گرِ تہٕ سائلم یہِ وزیرزادن اُمس ہدایت دِیت تہٕ ژٕمی کوٚر وعدِ برابر۔

دوٚیمہِ شبہِ ییلہِ شہزادِ گل عذارِ نشہِ گوٚھنہٕ پتہٕ واپس ووت پتہٕ درائے سُہ تہٕ وزیرزادِ گری تہٕ موہرِ ٹھیلہٕ ہتھ میل کھنٛڈ دوٚراُ کس قبرستانس کُن۔ یہِ سَپد طے زِ وزیر زادِ بنہِ اَکھ فقیر تہٕ شہزادِ بنہِ تمی سُند چیلہٕ تہٕ خادِم۔

یہَس ستی زہرُک اَثر دُرِتھ گژھہِ۔ ییٚلہِ پولاو تیار سپُد تمہِ سۆزُن تمی وزیٖرَکس نوکرس اَتھہِ وزیرزادَس یہِ پیغام ہیتھ زِ ''شہزادِ گل عذارِ چھُ یہِ پنہٕ نِس گنٛدرِیمتِس پترٕ ہنٛد ناوِ ژٕ سۆزمُت۔''

یہِ ڈالی رٕٹِتھ سۆچ وزیرزادن زِ شہزادَن آسہِ شہزادِ سٕبٹھے شکر گزٲری سان میوٗن وۆنمُت تہٕ تَوے روٗدُس بہٕ تَس یاد۔ اَوٕ کِنہِ سۆزُنس یورِ تہِ سلام تہٕ بیٚیہٕ شکریہ۔

یام کالُک وقت وۆت تِمو تُج یہِ پولاوٕ گرایے تہٕ گووکولِہ پیٹھ کھیٚنہٕ۔ ٹھلہٕ تُلنَس تہٕ تھوٗون سُہ أکِتھ کُن گاسَس پیٹھ تہٕ پوٗھرٲوِن اَتھہِ۔ أتھی دوران ییٚلہِ سُہ اَتھہِ اوس پوٗھران تہٕ یُس سبز گاسہٕ گرایہِ ہنٛدِس ٹھانٛڈَس تل اوس سُہ اوس زرد ہۆمُت۔ سُہ سپُد حاٲران تہٕ گوس شک زِ پولاوَس چھُ زہر۔ تِمو تُج اَمہِ منٛزٕ رژھا تہٕ چھوکُن سُہ تِمن کاوَن یِم اَتہِ اورِ یورٲسی کران۔ یِمو کاوَو یتھے یہِ کھیوٗ تِم پیے تھرِ تہٕ مۆدی أتی۔''

وزیرزادَن کۆر خدایس کُن شکر زِ ''خدایہِ تتہِ چھا زِ بہٕ بچوو تھَس ژٕے اَز مرنہٕ نِشہِ۔''

اَمہِ دوہہٕ راتھ کیٚنتھ ییٚلہِ شہزادِ واپس ووت وزیرزادِ اوس مغموٗم تہٕ دُبتھ گۆمُت۔ شہزادَن گرِ تِمس منٛزٕ یہِ تبدیلی محسوٗس تہٕ پرٛژھنَس أمیک وجہ ''یہِ ما چھُ اَوٕ کِنہِ زِ بہٕ چھُس ژٕے نِشہِ دوٗر زیادٕ کالس محل خانس منٛزٕ آسان؟ وزیرزادَن زون زِ شہزادَس اوسنہٕ پولاو سوزنَس منٛزٕ کہنی تہِ دخل تہٕ اَمہِ کِنہِ وۆننس سورُے کیٚنہہ۔ دۆپنَس ''دُچھ بیپٲرِ۔ یتھ رُمالِہ منٛزٕ چھے تمہِ پولاوٕ منٛزٕ أڈ ہنا یُس شہزادِ مے اَز صُبحس یہِ وَنِتھ سۆزِ زِ یہِ اوس تِمی ہنٛدِس گنٛدرِیمتِس پترٕ ہنٛدِ ناوِ۔ یتھ چھے زہر بلا یارلاوِتھ۔ شکر خدایس کُن

مےٚ نێیاوِیہ وۆتسِے پێٹھ۔"

"بابہٕ! یہ ٲسہِ کوٚرمۆت۔ تِتہٕ کُس چھُ یُمِس چون عداوت چھُ۔"

"شہزادی گل عذار۔ بوز۔ وۆنی ییلہٕ ژٕ تٔمِس سمکھنہٕ گوٚھکھ ژٕ نی زٕ ضرور

پانس ستی شہی ہناتہٕ تِتھے ژٕ شہزادی وُچھنہٕ ہیٚن ژٕ تژادی زامہ منزٕ رٔژھارٔژھاپنہٕ نمن

دوشونی اَچھن منز۔ امہِ ستی دۆسی ژٔے اوٚش تہٕ گل عذار پرٔژھی ژٔے زٕ ژٕ کیاز چھکھ

وَدان۔ ژٕ وۆنی زبس ئہ چھس پنٕن دوست راونہٕ کنی وَدان یُس ازٕ صُبحٲے اچانک

گُذریاو۔ آبینہٕ ئہ یہ شراب تہٕ یہ کرٕژھ۔ ییلہٕ ژٕ پنٕنس دوستہٕ سِندِس مرنس پتھ

دوکھک پوٗرٕ ساننگ موکلاوکھ تہٕ پتہٕ وۆنی زٕ شہزادِ زٕ ژٕ چے وۆنی شرلبہٕ رٔژھا۔ یہ چھُ تیز

تہٕ تٔس پیینہٕ امہِ ستی گوٚب ہِندر۔ سو ییلہٕ ہِندرِ آسہٕ ژٕ تژادی زِیہ کرٕژھ تہٕ امہِ ستی

تژادی زبس کمرس آکھ۔ پننہٕ کرٕژھ واپس اَنُن مُشتھ گوٚھی تہٕ بینہٕ اَنی زبس مختہٕ مال

تہٕ کِنٕژتھ۔ یہ گٔرِتھ یِی زٕ واپس۔ نیرتہٕ یہ کرنس کھۆژی زبنہٕ تکیاز یہ کرنس پتھے چھُ چانہٕ

خوشی تہٕ قسمتُک دارمدار۔ ئہ گرٕ امہِ کنی ییمہِ گژھِ ہُنٕد انتظام زٕ شہزادِ ہُنٕد مول یعنے

بادشاہ تہٕ سٲری دربٲری مانن چون کھاندر شہزادِ ستی کرُن۔"

شہزادن کوٚرُس وعدٕ زٕنہ گرِتہٕ سٲلم یہ وزیر زادن اٚمِس ہدایت دِیُت تہٕ

تٔمی کوٚر وعدٕ برابر۔

دۆیمہِ شبہ ییلہٕ شہزادٕ گل عذار نشہِ گوٚھنہٕ پتہٕ واپس ووت پتہٕ درائے سُہ تہٕ

وزیرزادٕ گُری تہٕ موہرٕ ٹھیلہٕ ہیتھ مِیل کھنڈ دۆرا کس قبرستانس کُن۔ یہ سپُد طے زٕ وزیر

زادٕ بنہٕ اَکھ فقیر تہٕ شہزادٕ بنہٕ تٔمی سُنٕد چیلہٕ تہٕ خٲدِم۔

صُبحٕس کیٚتھ ییلہِ گُل عذار پٔنٕہ نِنِن جبسن منٛز آیہِ تَس باسے یہِ گمُرٕس سخت
دَگ تہٕ بییہِ وُچھُن زِ تِسٕنٛز مختہٕ مال تہِ اُس نہٕ کُنے۔ سو گٔیہِ فورَن تہٕ بادشاہَس وۄنن
پٔنٕنِ یہِ مختہٕ مال راوٕنس متعلق مگر کمرٕچہِ دَگہِ متعلق وۄنُن نہٕ تَس کینٛہہ۔

بادشاہَن ییلہِ ژۄ رِہُند بۄزتہٕ سُہ سپُد نارو نار۔ تٔمۍ کرنٲو اَتھ متعلق سارِے
شہرس تہٕ اَندٕ رکیٚو علاقن پارٕ رے۔

وزیر زادَن ییلہِ یہِ پارٕ رے بۄز تٔمۍ وۄن "یہِ گوو جان۔ میٲنہِ بایہ کھوژمہٕ۔
ژٕ ووتھ تہٕ نیریہِ موختہٕ مال ہیتھ تہٕ بازرس منٛز یہِ کٔنِنچ کر کوٗشش۔"

شہزادَن نیٚیہِ اَکس سونٕرس تہٕ وۄننس یہِ ہیٚنہٕ خاطرٕ۔
تٔمۍ پرٛژھُس "ژٕے کوتاہ گرژھی اَتھ؟"

شہزادَن وۄنُس "پنٛژاہ ساس روپیہ۔"

اَمۍ وۄنُس "چلو ٹھیک چھُ۔ ژٕ پیار یِیتی یۄت تانی بہٕ پٲنسہٕ اَنے۔"

شہزادٕ رۄ دوار یہَس کالس پرٛاران یۄت تانی تہٕ چھیکرس یہِ نفر واپس آو۔
اَمِس سٟتۍ اوس کوتوال تہِ ییٚمۍ شہزادِ ہنٛز مختہٕ مال ژۄ رِ نیٚنہِ رکس الزامَس منٛز شہزادٕ فوراً
گرفتار کوٚر۔ کوتوالن پرٛژھُس "ژٕ ے رکتھٕ کٔنۍ میچھی یہِ مختہٕ مال۔"

شہزادَن دِتُس جواب "مےٚ دِژ یہِ اَکہِ فقیرن یُس نٕ بہٕ خادم چھُس۔ تٔمۍ دِژم
یہِ بازرٕ کنہٕ خاطرٕ۔ اگر مےٚ اِجازت دِیوتہٕ بہٕ ہاونوتوہہ سُہ کتہٕ چھُ۔"

شہزادَن واتنٲو کوتوال تہٕ پُلسہٕ وٲلۍ تتھ جایہِ ییٚتہٕ سُہ وزیر زادس نِشہٕ
دژ امُت اوس تہٕ اَتہِ وُچھ یموٚ یہِ فقیر اَچھ وٕٹِتھ عبادتس منٛز محو۔ تِمۍ ییلہِ اَمہِ وِزِ ہنٛز عبادت

کرِتھ موکلاو وتہٕ کوتو الَن پڑ ژھنَس یتھ گتھ وضاحت کرنہٕ خاطرٕ زِ تَس نِشہِ کتھہٕ کِنۍ وأژ شہزادٕہنز یہِ موختہٕ مال۔ تمۍ وڈنس درجواب ''بادشاہ اُنٛ یوٗرکہ تہٕ پتہٕ وَنہٕ بہٕ تسۍ یہِ بتھس پیٹھ۔''

یہِ بوٗزِتھ گے کینٛہہ نفر بادشاہَس نِش تہٕ وڈنہَس یہِ کینٛہ ھا أمی فقیرن وڈنمت اوس۔ بادشاہ آو تہٕ فقیر یادِ خدالیس منٛز مست آسنہٕ کِنۍ کھوٗژ سُہ أمی ہنٛدِس ژکھہِ گژھنَس تہٕ سوٗچُن زِ مےٚ گوٚژھ نہٕ أمس کُنہِ قسمٕچ تھوتھ گژھنہٕ کِنۍ خداصأب ناراض گژھُن تہٕ اوے کِنۍ روٗد سُہ گلی گنڈِتھ أکِس سأیل ہنٛدی پأٹھی اِستادٕ پڑژھنَس زِ ''ژے کتھہٕ کِنۍ میٛچی میانہِ کورِہنز یہِ موختہٕ مال؟''

فقیرَن وڈنُس جواب ''راتھ روتلہِ أسۍ أسۍ یتھ استانَس نِش بِہتھ خدلیہٕ ہنٛز عبادت کران تہٕ أتھی منٛز آیہِ أکھ زنانا شہزادٕہنٛدی ہوی پلو دلولاٗ گتھ تہٕ کوٚڈن قبرِ منٛز أکھ مورِدٕ یُس کِہے دوہ بڑونٛہہ أتھ منٛز وُڈراونہٕ اوس آمُت تہٕ کھیوٗن سُہ۔ یہِ وُچھِتھ کھوٚت مےٚ سخت غوصہٕ تہٕ دِژمس یَیمہِ کرٕ یژھہٕ ستۍ کمرِ یُس تمہِ وِزِ نارس پیٹھ اوس۔

مےٚ نِشہِ ژلنہٕ وِزِ گیہٕ تَس موختہٕ مال یَلہٕ تہٕ پیٚیہٕ پتھر۔ ژے باسہٕ نےٚ یِمہٕ کتھہٕ عجیب مگر یِمہٕ چھنہٕ ثابت کرنہِ مُشکل۔ ژٕ وُچھ پننہِ کورِ تہٕ تَس آسہٕ نےٚ کمرس پیٹھ دٕزن داغ۔ نیر گژھ اگر یہِ تی اوس یہِ بہٕ وَنان چھسے تیٚلہِ سوزُن شہزأدی مےٚ نِش تہٕ بہٕ دِمہٕ تَس سزا۔''

بادشاہ گو وواپس محل خانہٕ تہٕ فورَن دِژُن حُکم زِ شہزادٕ وُچھو کمرس۔''

دایہِ وۄنُس "آ۔ بلکل چھُ تی۔ اُمِس چھِ دَ زَن آکھ۔"

بادشاہَن دِژ کربکھ "تیلہِ ژھنیوٗن یہِ فوراً اُمارِتھ۔"

ادرِ وۄنہس "نہ نہ، بادشاہ سلامت۔ اَسی سوزون یہِ تمہِ کُن ہے فقیرس نِشہ تہٕ

یہِ گُر وِدتہٕ تسی یہِ خوش گرِتی گرِن سہ۔"

بادشہن مانٔز یہِ کتھ تہٕ شہزادٕ دی آیہِ قبرستان سوزنہٕ۔

فقیرَن وۄنُکھ "یہِ تھاویٚون تتھی قبرِ نِشہِ پنجرس منز بند کرِتھ یِیمہِ منزٕ امہِ لاش

کڈٕ۔"

یِی آو کرنہٕ تہٕ کہے کالٕ رۄزی وۄنی قبرستانس منز صرف فقیر، تمی سُند چیلہ تہٕ

شہزادٕ دی یا ژ۔ وُنہِ اَس راژ پننی کرٕہنی ژادر پھۆرِ پاٹھی وہراونے یِیلہِ زَن فقیرَتہٕ تمی

سُندی چیلَن پَنن یہِ نقلی لباس کڈِتھ ژھُن تہٕ پَنن سامانہٕ تہٕ گُری ہیتھ آے پنجرس نِش۔

تمو کڈ شہزادٕ دی پنجرِ منزٕ تہٕ تمی سُند بن کمرکین چھوٗگن کیاہ تام مہلامہ متھتھ بیہناوکھ

شہزادس پتی کنی اَکس گُرِس پیٹھ۔ تمی ژٕلی اَتہِ واوکی پاٹھی گربن پیٹھ سبٹھاہ دوٗرتہٕ

صُبحس یاگی دیت تمو تھکھ تہٕ لاجکھ محفوظ جایہِ واتتھ پنہٕ نس منصوبس پیٹھ کتھ

گرٕنی۔ وزیر زادَن ہاو شہزادِ تمہِ پولاوِ منزٕ رژھ ہنا یُس تمہِ تس سوٗزمُت اوس تہٕ

پرٕ ژھنس زِ تَس اوسا امہِ ناشکراُنی ہُند کینہہ پشتاوِ۔ شہزادِ وۄ دتہٕ کوٗرُن یہِ اعتراف زِ

سہ اوس تسُند سبٹھاہ خارخواہ تہٕ دوست۔

اَمہِ پتہٕ لیچھ یمو وزیرِ اعظمس اکھ چِٹھی یتھ منزٕ تہٕ سورُے لیکھنہٕ آو یہِ زِ

یمَن دلیرن وطنہ منزٕ نیرنہٕ پتہٕ کُتھ اوس آمُت ... وزیرَن چِٹھی پرٕ سہ گو دتہٕ وۄنُن

یہِ بادشاہَس ۔ بادشاہَن دِیُت حُکم زِ یِمَن مُلک بَدر کرنہٕ آمتِمن دوٗن (شخصَن) گوٗھہِ اَکھ خط سوزنہٕ یِن یَتھ منٛز یِمَن تِمۍ یہِ حُکم دِیُت زِ تِم مہ ہیٚن واپس بلکہ سوٗ زِن گُل عذار سِندِس مأُلِس چِٹھۍ یَتھ منٛز تَس سأُلم کینٛہہ وَننہٕ پییہِ ۔ تِموکوٗرلی وزیٖرَن وٗنس تہٕ شہزادَن لیٛچھ چِٹھۍ ۔

یہِ چِٹھۍ پٔرِتھ کھوٚت گُل عذارنِس مأُلِس پَنہٕ نِمن وزیٖرَن تہٕ باقٕے کارندن ہُنٛد سخت شرارت زِ تِمَن کیاہ زِنٛجہٕ پَنہٕ نِس مُلکس منٛز یِمَن ناماوار پٔرِھمِن ہِنٛدِ تیٚچ پٔے تہٕ سُہ اوس پانہٕ تہٕ خاص پأٹھۍ شہزادِ تہٕ وزیرزادَس خأطر نہ واتنہٕ ۔ کٔنِز تِتھے ہیوٗ محسوٗس کران ۔ تِمۍ دِیُت اَکِس خاص تارٕکس پیٚٹھ پٔنٛز کینٛہہ وزیرِ قتل کرنہٕ ہِنٛگ حُکم ۔

تِمۍ لیوٗکھ واپس وزیرزادَس دُلو تہٕ محل خانس منٛز روٗزِو تہٕ ہرگاہ شہزادِ یِژھان چھُ بہٕ گرِ تیلہِ تِمۍ سِندِ گُل عذارسٕتۍ کھاندرُک جلد کھوتہٕ جلد انتظام ۔

شہزادَن تہٕ وزیرزادَن گرٕ خوٗشی سان یہِ دعوت قبوٗل تہٕ یِمَن آو بادشاہ سِندِ طرفہٕ شایان شان استقبال کرنہٕ ۔ کیٛہ کالٕک سپُد کھاندر تہٕ اَمہِ پتہٕ کینٛہہ ہفتہٕ گوٗھتھ دِتۍ تِمۍ یِمَن گرۍ ، ہٕسی ، لال جوأہر ، تہٕ موٗلی پلو پوشاک تحفہٕ رٕنٛگی تہٕ کوٗرنگھ پَنہٕ نِس مُلکس گوٗھنگ رخصت تِکیاہ زِ تَس اوس یہِتھ زِ بادشاہ گرِ وٗنی یِمَن استقبال ۔ اَمہِ دوہہٕ کالہ یِیلہِ یِمَن نیٖرٕ ن اوس آے تِم وزیر تہٕ باقٕے نفر یِمَن بادشاہَن یِم پٔتھۍ نیٖرنہٕ پیٚتے قتل کرنہٕ ہِنٛگ قصد اوس کوٗرمُت تہٕ کوٗرکھ وزیرزادَس زار پار زِ سُہ گرِ تِہنٛز وکالت ۔ تہٕ یہِ کوٗر ہَس وعدِ زِ تِمو منٛز پرٕبتھ اَکھ دِیہِ تِمس پٔنٛز اَکھ اَکھ کوٗر نیٛتری ۔ کرِ کوٗر ییہِ تہٕ گووتِمَن معأفی دِیاوٕنس منٛز کامیاب ۔

پَتہٕ دڑا وشہزادٕ پنٕنہٕ خوٗبصورت مہرِ نٕ گل عذار تہٕ شہزادٕ پننہٕ واریہہ مأرکٕ نٕہٕ آشنہٕ ہیتھ یِم زن وزیرزادِ آسہٕ پنٕنہٕ وطن کُن واپس۔ تِمن ٲسۍ اُسۍ واریہہ فوجی سپاہ تہٕ واریہہ خزانہٕ لدِتھ گُری تہٕ اوشٹ۔ وَتہِ منٛز دراے تِم ڈاکوہن ہنٛدِ مانٛٹہٕ کنٛز تہٕ فوجن ہنٛدِ مدتہٕ ٲسۍ وول تِمو یِہ زمینَس اتہِ روزَن وأل سأری گُرِکھ قتل تہٕ سُہ سأرُے خزانہٕ وۄٹھہ یُس تِمو واریاہن ؤری یَن اَتہِ جمع اوس کوٚر رمُت۔

اُخرس واُتۍ تِم پَنہٕ نِس مُلکس تہٕ بادشاہَن ییٚلہِ پَنہٕ نِس نیٚچوِ ہنٛز خوبصورت آشنٕز تہٕ شانہٕ شوکت وول تِمن سُند اردَل وُچھ تِمن منسوو فوراً سورُے کیٛنہہ تہٕ دِتُن تَس شہرَس منٛز اژنک تہٕ اَتہِ روزنک حُکم۔

اَمہِ پتہٕ اوس شہزادٕ سنٛزن وَتَن گاشی گاش۔ سُہ گوو سارِنٕے سبٛٹھاہ ٹوٚٹھ تہٕ کینٛزِ کألی روٗٹُن بادشاہَس پَتہٕ تخت۔ واریاہن ؤری یَن روٗد مُلکس امنہٕ تہٕ شادمأنی سان حکمرانی کران۔

(راوی: بشو بایو۔ رٕنی وور سرینگر)



# اَکھ عجیب وٕنتی

بادشاہا اَکھ اوس جنگلس منز شکارس درٛامُت تہٕ تَس پیو بُتھِ اَکھ فقیر۔
بادشاہَن کٔرس سلامتہٕ ؤننس میٚون ماچھی کینٛہہ ضرورت۔
"نہ۔ نہ۔ شُکریہ۔" ژےٚ ما چھی میٚون کینٛہہ ضرورت۔" فقیرٕ ؤتھس
درجواب۔
بادشاہَن ؤنُس "آ۔ مےٚ گژھہ پانٕسے ہِش آشنٕز میانے انہارٕ تہٕ میانے
قدٕ۔"
فقیرَن ؤنُس "افسوس۔ ژےٚ مونٛگتھ اَکھ دوکھہٕ چیز ایُس مُشکل چھُ تہٕ
گرِتھ کرٕ ہٕ کینٛہہ مگر اَکھ کتھ تھاٗوی زِ ژٕ ہتس۔ سو آسی نہٕ وفادار۔
"کینٛہہ چھُنہٕ پرواے، صرف وُچھتہٕ ژٕ ہکہٕ کھامیٲنی یہٕ یَژھ پٲرٕ گرِتھ"
بادشاہَن ؤنُس۔
یہٕ بوٗزِتھ گو فقیر نبسنگا تھوٚ دوٗٔہتھ تہٕ مَکٕہ ٹاسہٕ ستی کٔرن بادشاہ سٕنز گلہٕ ہیرٕ زٕ
حصہٕ تہٕ پتہٕ کوٚرُن تٔمسُند جسم دفن۔
"میانہٕ خدایہٕ، گژھہ تہٕ میٚون یہٕ دُعا بوٗزِتھ۔ بادشاہ کٔرتَن دُبارٕ زِندٕ بیٚیہٕ بلکُل

تسی ہِش تمی ہِندے انہارِ تہٕ تھزر اکھ زنانہٕ" فقیرن دِیُت نالہٕ۔ دُعایہِ قبول
بادشاہ گوو دُبارٕ زِنٛدٕ تہٕ تَس پتے تُسی ہِش اکھ زنانہٕ۔

اَمہِ پتہٕ کہے کالٕ بنوو بادشاہن پننہِ اُمس نَوِ آشنہِ کیٚتھ جنگلس منز اکھ
خانہٕ تہٕ اکثر اوس تَس نِش روزنہٕ خاطرٕ گژھان۔ مگر افسوس، زنانہٕ وژ لیہِ پزی کرِ
وفایہِ زَن فقیرن وۄنمُت اوس۔ اکہِ دوہہ ییٚلہِ بادشاہ اۄرِ گتہٕ تانٛز اوس تمہٕ
لیاَرِ اکھ وزیر پکان۔ سُہ اوس توانا جوان تہٕ ماَرِ مۄنٛد تہٕ زنانہٕ گٔنیہِ اکی نظرِ
ماے۔

تمہِ کرٕ تَس پانس ستی ہیچ سخت مازرتھ تہٕ سُہ گوو۔ ییٚتھ کنی اُسی یم اکثر وزا
پانہٕ وأنی سمکھان تہٕ اکھ اَکی ہِنٛز گیٚگھ سخت مالے۔ اکہِ دوہہ ہیٚران اتھ کتھہِ
گژھن ییٚلہِ بادشاہ تمہِ وِزِ اور پیو دأتھ ییٚلہِ پزٕ بتھ کانٛسہِ یہِ خیال اوس زِ سُہ
سبٹھاہ دۆرِ گتھ تانٛز جایہِ۔ اَتھ بٔرس فاش گژھنہٕ نِشہِ بچنہٕ خاطرٕ کۆر یمو پانہٕ وأنی
فأصلہِ زِ تمہِ کھنٛناوَن بِکتال ناوٕ بِکس اَ بِکس کرٕ اَلس اتھہِ شہرٕ پیٹھ اتھ محل خانس
اکھ سرونگ یتھ زِ وزیر پننہِ مرضیہِ اور یتھ گژھتھ ہیکہِ ہے۔ یہِ کام سپز بربٕ پاٹھی
کینژس کالس رۆ دسورے ٹھیکھے مگر چھیکرس گو وتھنٛد یہِ عاب نۆن۔ وزیرن کۆر اکھ
بۆڈ سالانہٕ بادشاہس کرِن دعوت۔ بادشاہن کٔر دعوت قبوٗل تہٕ گو وسالس۔ یہِ زنانہٕ
تہٕ اُس اُتی مگر اَمہِ اوس پنٛنن حُلیہِ بدلو وُمُت۔ تہٕ کرتھ تہٕ پرٕ زناوِیہِ بادشاہن۔

"بہٕ ماچھس یہِ خواب وُچھان۔ مگر نہ۔ یہِ چھےٚ سوے۔" بادشاہ گوو غوطن
بہٕ تھاوٕ اُمس پلون نِشانہٕ یتھ مےٚ پتہٕ واپسی پیٹھ فِکر تر زِمےٚ ستی ما اوس دۆکھ

سَپُدمُت۔"

اَمہِ کنٛز دُیٖت تٔمۍ أمۍ ہٕنٛزِ پَلولوٚنچہِ یوٚ ہے لیٚدرِ چھٕہہ ہیوٗ تہٕ دژاو پانس زَن تبنہٕ کھٔنز اوس سَپُد مُت۔ یام سُہ راتھ کیٛتھ واپس محل خانہٕ وۄت اَتہِ وُچھ أمۍ پنٕنٕز زنانہٕ أمس پژران تہٕ پَلولوٚنچہِ اوس داغ لٔگۍ تھے۔ "بدکار" تٔمۍ دِژ کربھ تہٕ کٔڈن پننٕز کرتَل تہٕ اَکہ دَبہٕ نیوٚنَس کَلہٕ ژٕلِتھ۔ دوٚیمہِ دوہہٕ صُبحٲے ترٛوو تٔمۍ تخت تہٕ بنیاو اَکھ فقیر۔

(راوی: زأنہٕ کٔدل سرینگرُک پنڈت آنند کول)



# ناانصاف بادشاہ تہٕ کمین سوٗنر

اکہِ دوہہٕ اوس اَکھ بادشاہ پنٕنہِ نِس باغس منٛز اورٕ یور کران تہٕ اَتھی منٛز ژا
جنگلہٕ ژٕ ژٔٹتھ اَکھ ہانگلا اندر تہٕ ہیرٕن دٕو دٕو گرِنی تہٕ پوشن لتہٕ موٗنڈ گرِنی۔ یہِ ڈیچھتھ
کھوٗت بادشاہَس سخت شرارت تہٕ پنٕنہِ نِن نوکرَن دِتِن حکم زِ توٗہی گرِ وأنِدی أندی گیِ
تہٕ رٔٹیٚو ن یہِ۔ سُہ دوریا و پانہٕ تہٕ اُمس کرتل ہتھ پتہٕ۔ اچانک ژوٗل ہانگل باغہٕ منٛزٕ۔
سُہ ژوٗل سبٹھاہ دوٗر یہِ زَن ہانگلے یأتی چھِ ہرکان گرِتھ تہٕ بادشاہ اوس اُمس ہلگل
نکھہٕ گرِس پیٹھ پتے دوران۔ بادشاہ روٗ دتَس وارِیہَن میلَن پتہٕ دوران یوٗت تأنِ نہ
پنٕنہِ نِس سرحدَس تانی ووت مگر یہِ ہیوٗکُن نہٕ رٔٹتھ۔ اَمہِ پتہٕ یوٗ ژھُن نہٕ بینہٕ دأر
زِ ٹھُن تہٕ ٹھأر یا وأتی۔ سخت گرم آسنہٕ تہٕ ترٛیش لگنہٕ کنِ ووٗتھ سُہ گرِ پیٹھہٕ تہٕ ژھینِ پلہ
کڈِتھ تہٕ ووٗتھ سرٛ ان کرنہٕ۔ سُہ اوس سرٛ ان کران زِ پٔتۍ کنِ نی تَس کُمی تأنی شیطان
نفرَن پلَو تہٕ گر ژوٗرِ۔ ووٗنی کیاہ ہیکہِ ہے بادشاہ کٔرِتھ۔ سُہ چھُ سوچان زِ بٔہ کیاہ کرٕ
ووٗنی۔ بٔہ کتھہٕ کنِ گژھہٕ نتھہٕ نوٗنے گرٕ۔ بٔہ ہیکہٕ نہٕ تہٕ کٔرِتھ مے لوٗکھ خبرٕ کتِس کالس
اَسن کھنگالہٕ روزَن کران۔ اَمہِ کنِ کوٗرأمی یی اِرادٕ زِ سُہ روزِ ہمسایہِ بادشاہٕ سندِس
مُلکس منٛز اورٕ یور پھیران۔ أتھی دربدری منٛز اوٗ ب تمۍ اَکھ سبٹھاہ موٗلُل موختہٕ ہار۔ سُہ
گوو خوش تہٕ چھُ وَنان "شکر خدایس کُن، شکر بٔنۍ نَس۔ بٔہ ہیکہٕ ییمہِ کِس موٗلس پلوٗ ژلہ

تہٕ گُرمٕلی ہیتھ۔ بہٕ گژھہٕ شہرتہٕ کوٗشش کرٕ یہٕ پٕنج۔" لہذا رۄ دُسہ بژ وٗنہہ گنے پکان یوٗت تانی سہ اُمِس بادشاہٕ سنٛدِس بڈِس شہرس منٛز وۄت تہٕ فل فورلوٗبن تتہٕ، یوٗ ڈٔہیوٗ سوٗنر۔

تَس وۄنُن "جناب توٗہۍ ہیٚیہٕ واموحتہٕ ہار؟ مے چھُ اَکھ سبٹھاہ مولُل موحتہٕ ہاریُس یُس بہٕ کٔنن چھُس یژھان۔ مےٚ لوٗب یہٕ اکہِ دوہہٕ صُحاۓ اُکس کولہِ تران۔"

سوٗنرن وۄنُس "تلہِ ساہاویوٗکُن۔"

تیتھے تمۍ موحتہٕ ہارٕ چھُتہٕ وۄنُس ہیوژ وراژ ے، کتھا کٔنہ نیوٗتھ یہٕ ژوٗرِ مے اُسۍ تیتھی ژٕ موحتہٕ ہار بادشاہَس کتھی بناوٕمتۍ تہٕ مےٚ لٔج نہٕ پتہٕ زِ تمو منٛز کوٗت گوو اَکھ۔ ژٕ چھُکھا یوٗت کھرٕ انٹہٕ ژوٗر۔ پگہ مےٚ ستی بادشاہَس نِشہِ۔"

یِی ونان بُلو وکۍ تمۍ اَکھ پُلسہٕ وول تہٕ وۄنُس ژٕ پگہ ناوُن یہٕ مےٚ پتہٕ پتہٕ بادشاہَس نِشہِ۔ سوٗنرٕ سُنٛد بیان بوٗزِتھ دِیُت تمۍ بادشاہَن حُکم زِ اُمِس ژٕلو کھورٕز۔

یٚیلہِ اَمہِ مُلکچہٕ رانہِ یَس برابر تیژ انسانیت اُس یوٗت زَن تسُنٛد خاوند ظالم تہٕ ناانصاف اوس رأنی سُنٛد یہٕ ناطق حکم بوٗزِتھ کٔرتَس شکایت "ژٕ کتھہٕ کٔنہ چھُکھ یوٗت خطرناک حُکم دِوان۔ یٚیلہِ زَن اَتھ معاملس سبٹھے معمولی شہادت چھےٚ تہٕ سوٗنرٕ چھی ژےٚ پتے کتھ خراب چھِ آسان۔ ژےٚ چھی ناپتاہ تم کوٗتاہ اَپُز چھِ ونان تہٕ پنٛسہٕ وَٹنہٕ خاطرٕ کرٛاہ تارن گرٕی چھِ کران۔ بہٕ ہرگاہ آسہٕ ہاپٕزی، کٔنہ کرہا اُمِس غریب اِنسانہٕ سٕزٕ کتھِ تیتھے پاُٹھۍ پژھ تیتھہٕ کٔنہ ژےٚ سوٗنرٕ سٕزٕ کتھہِ کرٕتھ۔"

"زبان وَٹھ۔ ژےٚ کیاہ چھی میانٛن معاملن منٛز دٔخل دِینُن" وۄنُس

بادشاہَن۔

رلنہِ وۄنُس دُبہٕ روزِ نہٕ ژھوپہٕ گرِتھ۔ مےٚ سپُد واریہہ کالی دربارس منٛز چو
یہِ تکجارتہٕ تیز رُوٗچھِتھ سخت دوکھ۔ چانٛۍ مُشیر چھِ ژٕے ناخوش تہٕ رعایا چھےٚ بغاوت کرنہٕ
تیار۔ ہرگاہ ژٕ تِتھے پأٹھۍ کران روٗزُکھ تیٚلہِ سپِد چون یہِ مُلکھ برباد۔"

بادشاہ سپُد أمِس زنانہِ سخت ناراض تہٕ وۄننس گرٕ منٛز نیرنہٕ باپتھ۔ دوِیمہِ
دوہہٕ صُبحس کیٚتھ دِیُت تمۍ حُکم زِ یہِ گژھہِ تمۍ سےٚ نفرس ستۍ مُلکہٕ نیبر تِنٛۍ کڈِتھ ژھننہٕ یِس
کھورژٹنہٕ آسے۔ رانہِ بۄ رنہٕ امیُک کانٛہہ پرواے۔ اَتھ برعکس گیہِ سو سیٹھاہ خوش زِ
گیہِ تِتھِس خانہٕ دارس نِشہِ آزاد۔ سو گیہِ کھورروٗس نفرس نِشہِ تہٕ وۄننس بادشاہ سُنٛد
حکم۔ سُہ بۄ رُن أکِس زیچھِہِ ٹۄکرِ منٛز تہٕ نکھَس پیٹھ تُلِتھ نیٚوٗن سُہ شہرٕ نیبر یتہٕ تمہٕ تس
برابر أکِس آشنہٕ ہنٛدی پأٹھۍ علاج کۄریوت تانٛ تس چھوگن انگ آو۔ تس گودنہٕ
ؤلی ؤلی ٹوٹھ تہٕ تمۍ تہِ بۄ رُس تورٕ تِتھے پأٹھۍ لول تہٕ سو بنیہِ تسنٛز پزٕ کنٛز زنانہٕ۔ تِمن زاو
اَکھ نیٚچوٕ ہنا۔ گزار کرنہٕ خأطرٕ أس سو زِیُن ژٹان تہٕ یہِ کِننہٕ خأطرٕ شہر گژھان۔ اکہٕ
دوہہٕ ییٚلہِ سو اوٗرۍ شہر أس گمژ تسنٛدِس خاوندس ییٚیہِ نِنٛدر۔ تہٕ ہُہ لوکُٹ شُریس تس نِش
اوس سُہ نیٚرۍ تَن کھو کھشہِ کھو کھشہِ تہٕ وۄت نکھہِ تلہٕ کِس أکِس کرٕ یرٕ کِس ؤنٛدس
تانٛ تہٕ آوٕ کراونہٕ۔ تِتھے یہِ نفر ہُشار گو وتہٕ اَتہِ شُر نظرٕ گوس نہٕ تس زَن آو غمُک پہاڑا
پیٹھ ؤستھ۔ سُہ گو وزنتہٕ دیوانہٕ تہٕ دِژن کریکہٕ "خبر کمہِ بلایہِ نیٚوٗ میوٗن نیٚچُو۔ بہٕ کیاہ کرٕ؟"
شامَس بأگی آیس زنانہٕ اورٕ واپَس۔ تَس تہِ سپُد تیٚتھ دوکھ ینہٕ بیانہٕ ہیکہ
سپِدِتھ مگر بہادر تہٕ عقلمند آسنہٕ کنٛ سنبھول تمہِ پنٕن پان تہٕ ہیوٚتُن خانہٕ دارس دِلاسہ دِنہٕ

کرُن تہٕ وۄنُس ''اَسہِ اوس ٲسی قسمتس (اتھ کیاہ کرو) راتس پیٚیہٕ نہٕ اٲمس بادشاہس اَکھ ہِنٛدر زِ دلہٕ تہٕ سُہ اوس اٲکی ہے شُرِس متعلق سوچان تہٕ تٔمِنٛد اوُسُس پھیران۔ یہِ اوس تٔمِنٛد نصیبے زِ تَس پیٚیہِ نہٕ ہِنٛدر تِکیاز رأ ژہنٛدِ دۄیمہِ پہر ہیوٗ آے زِ جاناوارسوٕد بۄز ورتہٕ بوٕد بۄز ورتہٕ لاٲچکھ تَتھ کُلِس پیٹھ گَتھ گَتھ کرٕنی یُس تہنٛدِس بَرس بلکُل ستی اوس۔ تِمو لاٲج پانہٕ واٲنی یِمنٕے متعلق گَتھ گرٕنی۔

''ہاے یہِ کیٛتھ تفریقہٕ لد دُنیا ہا چھُ۔'' سوٕد براٲرکی وۄن پَنہٕ نِس یارس'' ژٕ دُچھ کیاہ آو تیمِس نفرس بٔنتھ۔ اٲمس پو پَنُن وطن تراوُن تہٕ بیٚیِس مُلکس منٛز روٗد بِچھوٕنی ہِنٛدی پاٲٹھی دوہ گزاران ییٚتہِ اٲمس ستی ناانصاٲفی سپدتھ سزا آو دِنہٕ تہٕ وۄنی چھُ یہِ پنٛنِ معصوٗم شُرراونس پیٹھ ماتم زٕد۔ سُہ کیٚترٕ پھوٚٹ راتھ دِگرس ہیوٗ ہٕتھ کرِیس۔''

بوٕد براٲرکی وۄنُس ''وُچھتہٕ کیٛتھ پیٚتہٕ آو یِمَن بچار بن۔ یِمَن ہیکِہ نا کانٛہہ چارا بٔنتھ؟''

سوٕد براٲرکی وۄنُس درجواب ''آ بلکُل۔۔۔ ہرگا بادشاہ اَتھ کُزٕ پرِس منٛز ووٗٹھ لایہِ یہِ ہیکِہ آساٲنی سان کٔنٛتِس بچاٲوِتھ تہٕ اکھٕتے گوٚڈنِس کھور تہٕ ٹھیک تہٕ نٔوی کھور گژھنَس پاٲدٕ۔''

بادشاہَن بوٗز یِمَن جاناوارَن ہنٛز یہِ ساٲرے کتھ باتھ۔ سُہ سپُد سیٚٹھاہ حاٲران تہٕ تہٕ خوش تہِ۔ تتھے گاش پھوٚل تِمی وۄن زنانہِ یہِ سورے معاملہٕ تہٕ پرٛژھنَس مشورٕ۔

تِمہِ وۄنُس ''بلکُل۔ گرتی یہِ جاناورونان اٲسی۔ ژٕ ہن کُزٕ پرِس ووٗٹھ۔''

أمِ کۆرتی تہٕ تھٕ کنی بچوٗن نچوٗ تہٕ کھورتہٕ آس واپس۔

اَمہِ پتہٕ کینژہٕ کالہٕ سۄکھ بادشاہ پننہٕ نس بُڈس وزیرَس یُس برابر تہٕ
پڑ تھ اندِ پھیران تہٕ پننہٕ نس آغس متعلق بے پتاہ اوس ژھانڈان یَنہٕ سہٕ اَتہٕ دڑا
اوس۔ تَس نِش ہۆز بادشاہَن زِ سارِنے لۆگن چھُ تسُند پھیران تہٕ تسِندِس واپس پِنہٕ
چھِ پڑاران۔ لہذا اگو وسہٕ پننِس زنانہٕ تہٕ نچو ہتھ واپس تہٕ بیۆٹھ دوبارٕ تختس تہٕ پرأنی پأٹھ
لأجن حکوٗمت کرٕنی۔

واپس واتنہٕ پتہٕ یوسہٕ گوڈنچی کأم تمی کٔر سو آس یہِ زِ تمی سۆز پنُن فوج تس
بادشاہَس ستی جنگ کرنہِ ییمی تَس ستی ییتھ خراب سلوٗک اوس کۆرمُت۔ اَمی سُند فوج
سپُد فتحمند تہٕ ہُہ بیا کھ بادشاہ گو وسبٹھاہ خجل۔ تَس پیوٚ یِن تہٕ اَمِس رحم کرنہٕ خأطرٕ زأری
کرٕنی۔ تمی وۆن زِ مے اوس یہِ سأرِے تمِس کمینہٕ سوٗزری سِندِ کنی کۆرمُت یُس
پھہہِ لدن۔ تہِ تھہٕ کنی دِژ بادشاہَن تَس معافی تہٕ تز وۆن یِلہٕ۔ تمہٕ پتہٕ یوٗر اُس صرف
خوٗشی تہٕ خوشحألی۔ بادشاہ اوس تمِس زنانہٕ ستی خوش گزران یوسہٕ ہمی بادشاہَن
اُس کرٕہژ۔ یمن زاے وارِیہہ شُری تہٕ سبٹھاہ وأنس کڈِتھ گوٚزریاو تہٕ رعایاہ
سِندِ مرنہٕ سخت دۆکھ زَد۔

(راوی: شوبابیو۔ رنی وور سرینگر)



# فلسفی سۆزٕ کٔنۍ

پٔتھ کالہِ اوس اَکھ بادشاہ سُہ دڑ اوا کہِ دوہہِ پھاک پرگنس کُن شکارس۔ دأچھ گامہٕ نِشہِ وُچھ تٔمۍ اَکھ ہانگل ییٚن سُہ پتہٕ دوریاوتہٕ کینژن میلن اوسُس پتے یوٚت تانۍ تٔمۍ جنگلس منز ژھیبھ دِژ تہٕ پتہٕ دڑ اوۍ نہٕ توٚ نُے۔ بادشاہَس کھوٚت سخت شرارت تہٕ پنہٕ نِس قسمتس پیٹھ گو و مایوس۔

یام سُہ پنہٕ نِس ٹھکانَس کُن واپس ییکان اوس تٔمۍ بۆز اَکھ کربکھ زنتہٕ کُس تانۍ وَنتہِ ماولس کُن زنڈَس پتہٕ گنہِ ودان اوس۔ تٔمۍ دِژ اورِ یور نظر ازِ یہِ کُس چھُ تہٕ اَتہِ وُچھن وَہرِ سداہہِ مَرِ اَکھ سبٹھے مأرۍ منز کٔ ریس وُچھتھ سُہ سبٹھاہ خوش گو و۔

"ژٕ کو سہٕ چھکھ؟ ییٚتھ کیاہ چھکھ کران" اَئی پرژھُس سبٹھے نرمی سان۔

تمہِ وۆنُس "جناب۔ بہٕ چھُس چینہٕ نِس اَکِس بادشاہ سۆز کۆر۔ میوٚن مول بنیاو جنگس منز قیدی تہٕ بہٕ ژٕ جس تتہِ اوٚکنۍ زِمے گرٕھی نہٕ مأنۍ سۆندۍ دشمن کنیز بناوِنۍ۔ گوڈٕ گییس بہٕ اَکِس جایہِ ییٚتہِ مے کرِیس منز پان پھاٹناونچ کوٗشش کٔر مگر گامہٕ والین نٔچ میانہِ اَمہِ حالچ پتاہ تہٕ تِم آے تہٕ بچأوُس بہٕ۔ پتہٕ آیس بہٕ یور۔ ژٕ بۆز تھوۆنۍ میأنۍ ذٔلیل وۆں وَن ژٕ پنٕنۍ۔"

تٔمۍ دِیُتُس جواب "سوندرۍ۔ بہٕ چھُس ییمہِ مُلکُک بادشاہ تہٕ وُنۍ کبس

چھس شکارس دژ امت۔ ساعت اوس پھرۄ ژتیمہِ کنی مےٚ ژےٚ ستی ملاقات سپدِ۔ یہِ بۄ زِتھ ہیوٚت کورِ وٚدُن۔

''ژ کیا زِ چھکھ ودان اے پری روٗ'' بادشاہَن وۄنُس اَمہِ پتہٕ۔

''بادشاہا۔ بہٕ چھس پنٕنس مالِس سٕندِ، ماجہِ ہندِ تہٕ پننہِ ملکہِ باپتھ ودان۔ بہٕ چھس پنٕنہِ خاطرٕ وَدان بہٕ کیاہ کرِ ییتہٕ بہٕ بے یار تہٕ بے مددگار چھس۔ بہٕ کتھ ہکہ زِنٛدٕ روٗزِتھ'' تمہِ دِتُس جواب۔

''مہ وَد دوۄنی'' تمی وۄنُس ''تیمہِ یپورتھاوِ بہٕ چون خیال۔ پکھ میانِس محلہ خانس پیٹھ تہٕ روزتی۔''

کورِ وۄنُس ''بہٕ گرٕ خوشی سان تہِ۔ نہ اگر ژٕ مےٚ پنٕنی آشنی بنٛنی وَنکھ۔ بہٕ کرٕ نہٕ ژٕےٚ کُنہِ کتھہِ انکار۔''

''میانی ٹاٹھی، میانہِ جانہٕ، پکھ مےٚ ستی۔'' وۄنُس بادشاہَن

یتھہٕ کنی سپُد یمَن خاندر تہٕ بادشاہَس روٗز اَمِس چینہِ چہ آشنہِ ہنٛز ماے زیادٕ زیادٕ ہُران۔ تمی بناوٕ تَس خاطرٕ اشبرنگھہِ ڈل ئہس پیٹھ اکھ پانٛژ پہُر خوبصورت عمارت تہٕ اوس پنٕنہ نبن باقے سارِنے زنانَن اَتی تژ اٗدِتھ تمِس ستی یوٚت پلہٕ بہس تیوٚت وقت گزاران۔ تَس اَسنہٕ رَژھ تہٕ پتاہ زِ تیمِس سُہ یوٚت لول اوس بران سو کوٚہہ بلاے اُس۔ تَس اوسنہٕ پتہٕ پتاہ زِ تَس ستی بستی کرنہٕ ستی کُس وو کھہٕ دود گوو تَس اگادِ وارِ وارِ ہیوٚژن تَس معدس سخت دَگ باسنی۔ لہذا ابُلا وی تمی حکیم یموٚ مژٕ کانٛہہ یہ تہٕ کانٛہہ ہُہ کرنہٕ خاطرٕ اوسُس وَنان مگر کانٛہہ اکھا ہیوٚ کنہٕ تَس ٹھیک کرِتھ۔ اٗخرس اوس اکھ

جۆ گیاہ یُس پڑ بتھ دوہہٕ یتھ مُلکس وُڈان وُڈان اوس یِوان تہٕ پنٕنہِ نِس ووستادتہٕ
مأنکس کیُتھ اوس دۄ دھ گنگایہِ پیٹھہ آبہٕ ہناتہٕ ہاری پربت پیٹھہ میٚوٕ رژھانٕوان۔ اُمی
ییٚلہِ یہِ بڈٕ عمارتھاوٕ چھ۔ یوسہٕ بادشاہن اُس بنأوٕمژٕ تہٕ ہنا آرامہٕ ہنا کرنٕچ گیٚس یژھ تہٕ
ژاوسہ اۄ رئ۔ پوتر جل گمرِ کس اُ رکس کوٚنس گن تہٕ پوتر میٚوٕ بیٚیس کوٚنس منٛز تھاوِتھ
تہٕ موٗلُل مأکشہِ دوا ہٕک اَکھ ڈبا تھوووُن شاندس تل تہٕ دِتُن بادشاہٕ سٕندِس بسترس پیٹھ
درازتہٕ پٕیٚیس ہٕنٛدر۔

أتھی منٛز پیوٚ بادشاہ وأتتھ تہٕ پننٕہ نِس بسترس پیٹھ جۆ گیاہ شوٚنگتھ وُچھتھ گوو
حأران۔ تَس پییہٕ شاندس تلہٕ گنہِ لوکٹس مأکشہِ دواڈبس پیٹھ نظر بیہٕ وُچھن پوتر جل تہٕ
تہٕ پوتر میٚژٕ تہٕ۔ سُہ لوٚگ سوچنہِ زِ یہِ کیاہ معاملہٕ ہیکہِ آستھ۔ تَس گنیہِ کل زِ (یہٕ وُچھہٕ
ہا) جۆ گی ییٚلہِ ہُشار گژھہِ یہِ کیاہ کرِ۔ لہذا ییٚوٕ ٹھ سُہ پٔتھر تہٕ چھُ پڑاران۔ جۆ گ تہٕ تھوو
نہٕ سُہ ژُ رِس وقتس پڑارِ وُن۔ سُہ گوو بادشاہس وُچھتھ حأران مگر ییٚلہِ یہِ تُمی لوکٹ
مأکشہِ ڈبہٕ تہٕ پوتر جل تہٕ پوتر میٚژ وُچھی سُہ کھوٚژ۔ یِم اُسی بادشاہن ہٕمتی۔ "جوگیا۔ مہ
کھوژ۔ مےٚ چھِ چأنی سأری چیز زٕ ژھرِتھ تھأوی متی" تُمی ووٗنُس۔ مےٚ وَنتہٕ ژٕ کیاہ تہٕ
رکتھہٕ کنٛی آکھ یورتہٕ ژےٚ میلنہِ بیہہٕ پٔنٛنی چیز۔ پَتہٕ ووٗنُس جوگی سورُے کیٚنہہ تہٕ رٔٹن پٔنٛنی
چیز۔ بادشاہس نٔمن گرِتھ دژاوسہ محلہِ منٛزٕ۔ سُہ وُڈیاوٕ یوٚت پلُس تیوٚت تیز واپس پنٕنہِ
نِس آغسں گن تیمی تَس ژیرلاگنک وجہ پرژھ۔ اَمہِ پَتہٕ ووٗنُس جۆ گی سُہ سورُے قصہٕ زِ
سُہ رکتھہٕ کنٛی وُچھ بادشاہن پننٕہ نِس بسترس منٛز شوٚنگتھ تہٕ تُمی رکتھہٕ پأٹھی گرتَس ستی گتھ۔
ییٚلہِ ووستادن یِمہٕ گتھہٕ بوزٕ تہٕ ووٗنُن رُت انسان چھُ۔ یہٕ چھس تَسنٛد

شُکر گزار زِ ژٕمی دیُت نے ژٕ ے پوٚتر ماٗلِشہِ ڈبہٕ تہٕ باقٕے چیز واپس۔ ووٚلہٕ واتناوے
تس نِش۔"

لہٰذا اکوٚ رِتمو دوٚشوٕ یوامہِ ماٗلِشہِ ہنٛدِ کنٕی یتھ مُلکس کُن وُ ڈوتہٕ واٗتی بادشاہس
نِش۔ جوٚگر وُنس "بادشاہا۔ میوٚن آغہٕ تہٕ ووستاد پھےٚ ژٕ ے مُلا قاتس آمت تہٕ بیٚیہٕ ژٕم
چیز مےٚ واپس کرنہٕ موٗجب شُکریہِ کرنہٕ خاطرٕ۔"

اَمہِ پتہٕ وُن تٕمی ریٚش "آ۔ ژٕ ے شکریہ کرنہٕ خاطرٕ چھس بہٕ آمُت راز بیہ
کینژھ ہاتہِ ژٕ مےٚ منگکھ تہٕ سٕہ میاٗنس اتھس منٛز آسہِ تہٕ گرٕ بہٕ چانہِ خاطرٕ۔"
تس بڑ وُنہہ کنہِ ٹمتھ وُنس بادشاہن "اے دَیہِ ٹاٹھہِ۔ مےٚ چھُ معدٕ دوا
اگادِ گوٚمُت یُس بلراونس منٛز وُنیس تانی سارِنے حکیمن ہُنٛد علم تہٕ ہُنر ناکام چھُ
گوٚمُت۔ ہرگا ژٕ مےٚ اَتھ دٲدِس علاج ہیٚککھ کٔرِتھ بہٕ روزٕ ے ژٕ ے ہر ہمیشہ
شُکر گزار۔"

ریٚش وُنس "ووٚلہٕ بہٕ دِمَے ژٕ ے جِسمس نظر۔" تس کُن وٕلی وٕلی نظر کران
"ژٕ ے چھُتھا حال حالے کھاندر کوٚ رمُت۔"

بادشاہن دِتُس جواب "آ" تہٕ وُنُس سوسارٕ ے ڈلیل زِسہ۔ کتھہٕ کنٕی سمکھ
اَمِس نوٚزنانہِ تہٕ تَس متعلق تہِ وُنس سورٕ ے کینٛہہ۔

ریٚش وُنس "آ۔ مےٚ تہِ باسیاو یہِ۔ راز ژٕ چھکھ سیٹھاہ بیمار۔ تہٕ ہرگانہٕ
ژٕ ے بیٚیہٕ ژٕ جی ہَن دوہَن علاج واتہِ ہی ژٕ مرہکھ۔ مگر وُنی چھُنہٕ پرواے۔ بہٕ ہیٚکتھ
ژٕ ٹھیک کٔرِتھ۔ بہٕ یہِ وَنے تہٕ کٔری زِ کھوژنہٕ ورٲے۔ بیٚیہٕ نس وازس وَن اَز زنانہٕ

ہنٛدِس کالہٕ کِس کھنٛبس ژۄ رنۄن تہٕ اوٗن تہٕ یہِ تھاوِی زِ خیال زِ تہٕ کرِس مٔز گوٚھِ نہٕ ترٛیِش آسنہٕ یِیِتہٕ سوشونگہٕ۔ ژٕ رۄزی زِ پانہٕ راتی راتس ہُشارتہٕ رۄزی زِ ژرژان تہٕ یہِ کینژھا راتس سَپدِ تہٕ وُنی زِمےٚ صُبحس۔ پنہٕ کھوژ کھژےٚ واتی نہٕ کانٛہہ نقصان۔‘‘

بادشاہَن کوٚر بلکل تی یہِ ریٚش ووٚننس۔ تتھہٕ کٔنزٕ اَسہِ تہٕ سمجھی زِ زنانہٕ ژھ راتھ کیٛتھ سخت ترٛیش سوٗ ژھ ترٛیش چَنہٕ خاطرٕ تھوٚ دِگر یِیلہِ نہٕ کرِس مٔز ترٛیِشی ٲپن تمہِ دِژ نظر زِ خاوندس چھمانٛدر تہٕ پتہٕ بولوٗن وِیُہہ تہٕ سَرُ پھ ہٕنتھ دزلہِ نبر۔ سوٗ گیہِ تلاوس پیٚٹھہٕ ترٛیِش چینہٕ۔ یہِ گرِتھ یِیلہِ موکلییہٕ تہٕ پھیر واپس تہٕ دُبارٕ زنانہٕ ہٕنتھ ژھ دُبارٕ شونگنہٕ۔ بادشاہَن وُچھ یہِ سأُلم تہٕ صُبحس کیٛتھ ووٚنُن ریٚشس۔ یِیلہِ ریٚش سأُلم کیٛنہہ بوٗزتہٕ پتہٕ ووٚننس ’’بادشاہا۔ یہِ چھنہٕ زنانہٕ بلکہِ وِہی۔ بوز۔ ہرگاہ اَکِس ہَتس وُری یس کٲنسہِ سرِ پھَس انسانہٕ سٕنز نظر پییہ نہٕ تِمس چھِ کلس پیٚٹھ اَکھ ژھوگ پوان تہٕ یہِ چھُ شہمار بنان۔ ہرگاہ یِیہٕ اَکِس ہَتس وُری یس اَمِس انسان نظر پییہ نہٕ اَمِس چھُ اجدر بنان تہٕ ہرگانہٕ ترٛ ہتن وُری یَن اَمِس کانٛہہ انسان وُچھِہ یہِ چھُ ’’وِہی‘‘ بنان۔ وِہی چھُ ہرکان پانَس یۄت ییژھہِ تیٚت زِ نٹہٕر اوِتھ، اَمِس چھُ سبٹھاہ طاقت آسان تہٕ یِیلہِ مرضی گژھس تیلہِ چھُ پنٕنی شکل ہرکان بدلاوِتھ۔ اَمِس چھُ زنانہِ ہنٛز شکل پژاوٕنی سبٹھاہ خوش کران۔ یُتھ زِیہِ مَردن ستی بستھ ہیکہِ۔ یہے چھے چأنی یہِ زنانہٕ تہٕ۔‘‘

بادشاہَن کھنییہ ووٚتھ ’’اوٗ ہ۔ مےٚ آسہِ ہے یہِ گوڈٕ پتاہ۔ مگر ووٚنی چھنا اَمِس بلایہ نِشہِ موکلنس کانٛہہ باتھا۔‘‘

ریٚش ووٚنُس ’’کیاز نہٕ۔ مگر ژےٚ گژھی صبر اَسُن۔ دہ ہے اَکی زِ پنٕنہِ زنانہِ

نِشہِ گرٕھان تہٕ سُے ویوہار أسی زِتَس ہتیٚ کران یُس تَس ہتیٚ ژٕ کران اوسکھ۔ نتہٕ گو
تَس شک تہٕ گٔری ژٕنے بُرباد۔ أمی سُنٛد اَکھ شہہ ہیکہِ سأری ہے مُلکس پھۆٚگرتھ
سَرِ دست بناوتہٕ ژٕ لاشہِ ہُنٛد اَکھ مکانہٕ تہٕ لاشہِ گرِ پیٹھ سفید گچھ یتھ نہٕ یہِ (لاش
باسہِ۔ اَتھ مکانس گرٕھَن ژور کُٹھی آسنی، بہن کُٹھ، کھبنہٕ کُٹھ، شوٗنگَن کُٹھ تہٕ بڑا
کُٹھ۔ کھبنہٕ کُٹھہِ کِس أکِس کوٗنس منٛز گرٕھہِ اَکھ مضبوٗط توٗندرٕ آسُن یتھ پیٹھ پ
آسہِ۔

ییٚلہِ یہِ سأئِلم تیار سَپد پتہٕ لاگ ژٕ بمارتہٕ حکیمس اَتھہِ وناوپانس خأطرٕ یہ
علاج زِ کأنسہِ گرٕھہِ نہٕ ژٕنے نِش پِنٛگ اجازت آسُن سوایہِ أمِس زنانہِ۔ یہِ سأئِلم آد
کرنہٕ تہٕ زنانہٕ تہِ سَپز خوش زِ تَسُنٛد رون چھُ وۄنی بَس تَسُنٛدے یوت تہٕ سوے کُرتمی ہنٛز
بمارِ منٛز تَس خأطرٕ سوٗرے کینٛہہ۔ یہِ چَلیٚیاوکینٛژَن دوہَن۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ وۄن تَس ریٚش زٕ
ژٕ گرٕ ہاو کھبنہٕ کُٹھِس منٛز سخت پأٹھی توٗندرٕ تہٕ زنانہِ وَن پانس خأطرٕ خاص قسمٕچ ژٕوٗٹ
بناوٕنی۔ سویٚمہِ وِزِ ژوٗٹ پَینہٕ پِنَس وُچھنَس منٛز مشغوٗل آسہِ۔ تُمی وِزِدِن توٗندرَس منٛز
دَکہٕ دِتھ دأرِتھ تہٕ یوٗت جلد پلی تیوٗت گرُن پیٹھہٕ بَنٛد۔ یُتھنہٕ سوٗ کُنہِ تہٕ طریقہٕ اَتہٕ نیرِتھ
ہیکہِ نتہٕ گرِ سو سأری ہے مُلکس تباہ۔ پتہِ آوکرنہٕ تہٕ نارٕچ شُدت ہُراونہٕ خأطرٕ آدمکانس
تہِ نار دِنہٕ۔ ییٚلہِ ریٚش یہِ سأئِلم بوٗزتہٕ وۄنُنَس ''ژٕنے کوٚرتھ سبٹھاہ جان۔ نیرِگژھ
وۄنی دوٗن دوہَن پتُن محل خانہٕ تہٕ ژٕ یٚمہِ دوہہٕ یلی زِمےٚ نِش یٔہ ہاوَے ژٕنے عجیب
نظارٕ۔''

ژٕ یٚمہِ دوہہٕ گوو بادشاہ ریٚشِس ہتیٚ تتھ جایہِ پتہٕ ناراوس تہٕ لتہٕ وُچھن نہ

سوٚر ورأے بیٚنہٕ کھنٕ تہٕ۔

ریٚش ووٚنُس "وُچھ ووٚنی وارِ پأٹھۍ اَتہٕ لَبھ ژٕ سۆرس منٛز اکھ گنہٕ پھوٚل۔"

کینژَس کالس ژھأنٛڈ دِنہٕ پَتہٕ ووٚنُس بادشاہَن "آ۔ یُکیناہ لوٚبم۔"

ریٚش ووٚنُس "چلو گو وٹھیک۔ ووٚن کیاہ رَنٛگھ ژٕ گنہٕ پھوٚل رِکنہٕ سۆر۔"

بادشاہَن ووٚنُس درجواب "گنہٕ پھوٚل"

ریٚش ووٚنُس "تِتہٕ جان۔ تیٚلہٕ ژمہٕ ئہٕ سۆر" اَمہٕ پَتہٕ سوٚمبرُٹھ حبہٕ سان یہٕ سۆر جوٚلنَس منٛز تہٕ پَتٕن شاگرد ہیتھ گو وغاب تہٕ بادشاہ گو وپنہٕ نِس محل خانس منٛز۔

تَمہٕ وَقتہٕ ژوٚل بادشاہَس دود۔ تہٕ یُس گنہٕ پھوٚل ٹھُر روٚٹُمت اوس سُہ بنیاو سنگ پارس۔ اَکھ سو گنٛز یٚمیک چھُہ۔ یَتھ تہٕ دھاتُس دِنہٕ ییہ سُہ اوس سون بنان۔ مگر تَتھ سۆرس کیاہ صفت اوس تہٕ تِنیاونہٕ تَس زانہہ تکیازِ ٹھُر وُچھنہٕ پَتہٕ سُہ ریٚوٚش تہٕ نہ سُہ جوٚگر زانہہ۔

(راوی: مَکُند بایو۔ سوٚتھ سرینگر تیٚمی یہٕ ناگمہٕ رِکس أرِکس بٔنِس نِشہٕ بوٗزمُت أس)



# بیٛا کھۄ لیل

کٲشیرِ ہُندا اَکھ بۄڈ بادشاہ علی[1] مردان خان اوس اَکہِ دۄہہِ شالمارس[2] نگھ جنگلس منٛز شکار کران ییٚلہِ زِ بُزرگ شخص تَس نِش آے تہٕ ووٚنہَس "بادشاہ صاب مہربٲنی کٔرِتھ بوزتہٕ سأنی کتھ۔ أسی چھی ژٕے التجا کران زِ ژٕ مَتہٕ پکھ تہٕ ییٚمہِ بۄڈ دٔنہ یُتھنہٕ ژٕے خوفناک اجدر ننٛگٲ وی یُس اکثر یتھ جایہِ چھُ یوان۔"

بادشاہَن ووٚنُکھ "بکواس"

تِمو ووٚنُس "نہ جناب۔ بادشاہ صأب اَسہِ چھےٚ پانٕہ سو بلاے وُچھمٕژ۔ نہ چھُ پزٕ بتھ شامَس ڈَلس منٛز ترٛیش چینہِ وَسان تہٕ ییٚمی جنگلہِ کُنہِ چھُ یوان۔ أسی چھی ژٕے عرض کران تہٕ ونان زِ ژٕ پھیر واپس۔"

"اِدسا" یِلی ونان پھیُر بادشاہَن گُر واپس تہٕ دِژ اوٚ محل خانہٕ کُن۔ اوٚت

---

1 ترتیب کار سُند حاشیہِ: یُد وَسے زَن لۄکھ عام پأٹھی أکی سُند ناو بادشاہ سٕندِ حیثیتہٕ پھران چھِ۔ گر علی مردان خان اوس شاہنشاہ شاہجہان سٕنس دورس منٛز کٲشیرِ ہُند صوٗبہ دار (۱۶۵۰ء) سہٕ اوس ایرٲنی اشرافو منٛزٕ تہٕ کینٛژَن کالس اوس قندہار کِس تہٕ صوبہ دار۔

2 مشہوٗر شٲہی باغُک ناو یُس شہرس نکھہٕ جھیلہِ کِس بٔٹھس پیٹھ طیبہ بالس پیٹھ چھُ۔

دأ تتھ بلاوی تمۍ پنٛنۍ وزیر تہٕ وۄننکھ تہٕ یہ أکی بۄ زمُت اوس تہٕ بیٚنہٕ موٗنلنگھ مشورٕ زِیہ بلاے ختم کرنہٕ خاطرٕ کیاہ پزِ کرُن ۔ تمو دِتُس یہِ مشورٕ زِ گٔتہٕ بستن منٛز چھوٗنہٕ بٔرتھ گوھن یمہٕ تتھ وَتہِ منٛز تراونہٕ یِنہِ یپأرکی اجدر. ژھپلس منٛز ترٛلیش چینہٕ چھُ وسان تہٕ تتھ جایہِ یہِ بلاے ترٛلیش چھٕ چوان تتھ گژھن زِ دوب تہٕ کھننہٕ تہٕ تمن گوھہِ تیل یِن برنہٕ۔

تمو سوٗنچ یہِ زِ اجدرس باسن یمہٕ چونہٕ بٔرتھ بستہٕ پزی کنۍ تر تہٕ ننگلا وبکھ تہٕ امہِ پتہٕ لگبس سخت ترٛلیش تہٕ تلہٕ بٔرتھ دوب باسنس آبہٕ دوب تہٕ چینہٕ ترٛیشہِ بدلہٕ لی۔ امہِ ستۍ ووتھہِ تمس ضرٗور أندرٕ دوٗ دسہٕ تہٕ مرِ۔

بادشاہَن موٗن یہِ تجویز تہٕ لہذا آو عملہِ منٛز اَننہٕ تہٕ اجدر آو مارنہٕ۔

علی مردان خان گو واجدرٕ سنٛز لاش وُچھنہِ تہٕ ووٗنن سپھن یہِ زألیٚون۔ تمن دوٗن بزرگن ہنٛدِ مدتہٕ لٔب تمۍ أکی سنٛز گو پھ تہٕ ژاوا تھ اندر۔ لٔندرٕ اوس اَتہِ اَکھ بند درواز یُس تمۍ مُژ رووو۔ امہِ درواز کنۍ اوس کُٹھ بیٚتہٕ تمۍ اَکھ خاص قسمک لوٗٹ ڈبہٕ وُچھ۔ اَتھ ڈبس اندر اوس اَکھ کنہِ پھوٗل یہِ کنہِ پھوٗل دزاو پزی کنۍ سنگِ پارس۔ یمہٕ کہِ چھہٕ ستۍ پزٕ بتھ کانہہ چیز فِل فورسون چھُ بنان۔

(راوی۔ پنڈت آنند کول، سرینگر)



# بیٚا کھڈ لیل

دوہہٕ اکہِ دڑاواَکھ زوٗ ناتخت سلیمانس ا(سُلیمان ٹینگس) کھسنہٕ خاطرٕ وَتہِ ہیوٚ رکھسان ئُـژ تَس تڑ لیش تِکیاِزِ گرم اوس۔ تُمی کوٚ ڈچنٕدِ منزٕ ٹنگہٕ ہناتہٕ لوگُن یہِ زٲنِتھ یہِ کران ژوٗل تَس شرٛ اپُچ تہٕ لوٚگُس اَتھَس۔ اُمی ووتھُر اوٚ ڈخون اَمی شرابچہٕ ستہٕ تہٕ پَتہٕ گکھرُن یہِ شرٛ اپُچ اُکس گنہِ ستہٕ تہٕ تھوٗن واپس چندس۔ بالہٕ تیٚثاَلس پیٹھ واتِتھ بیوٚٹھ یہِ پتھرتہٕ یوچھہِ دشش باسنہٕ کنٚز کوٚڈُن بیٚا کھ ٹنگ تہٕ ہیوٚتُن اَتھ دیل تُلُن لتہٕ ژٕ تُمی پٔنہِ شرٛ اکہٕ پُچِہٕ تیغہِ سون بنیوٗ مُت۔ یہِ کتھہٕ پاٗ ٹھی سپُد؟ اَچھا۔ بالس کھسان تہٕ گنہِ ستی اُمی اَتھ گکھرٕ اُس دِژٕ مژ سواُس پٔزی کنٚز سنگِ پارس۔ سُہ ووٚتھ تیز واپس گرٕ افسوٗس۔ تَس لٔب نہٕ دُبارٕ سو کنٚز۔ تہٕ اوے چھِ اُسی ساری یہِ زانان زِ یہِ گوھہِ ازتانٚہ اُتی تختس نِشہِ گنہِ جایہِ آسنٚز۔

(راوی: لال چند، کھنموہ ڈلر پرگنہ)



---

ا سرینگرس نکھہٕ اَکھ بال یُس وادی ہنٛدِ سطح کھوتہٕ اَکھ ساس فُٹہٕ تھوٗد چھُ۔ اَتھ چھِ ہٕندٕ آچاریہَس پتہٕ "دیبرِ شوٗر" یا شوہنٛز گلہٕ ہیریا شنکراچاریہ وَنان۔

# نافرمان شُری کتھ آے وَتہٕ

یہِ اوس اَکھ اَمیر بُڈ شخصا تَس باسیا وزِ سہٕ مَرِ وۄنۍ تۄَے اُنٕن پَنٕنۍ نیٚچوِ ناد دِتھ تہٕ پَنٕن داش نداش دِیُتنٕکھ بأ گرِتھ۔ مگر تٕمی کَڈی اَمہِ پَتہٕ بیٚنہِ تہٕ وارٕنہٕ وُری تہٕ تٕمہِ مٕز دزاس وارٕنہٕ پٕنٛدی۔ اکہِ لنٛدٕ اوس بُڈ بیٚٹھہٕ اَسس نیٚچوٕن ہٕنٛز اُڈزاُڈ تہٕ لکہٕ پیوان۔ تٕم اَسی بُتھی پھِری تہٕ خود غرض۔ گوڈٕ اَسی تٕم اَکھ اَکس ءتی ملنہٕ مان لاگان مأدلس خوش تھاونہٕ خاطرٕ یُتھ زِ مے نتہٕ مے ژۄر پہَن میلہِ تہٕ وۄنۍ یِیلہِ پٕزٕ بتھ اَکر پٕنٕنۍ حِصہٕ ہٕن رٕٹمٕژ اُس۔ تٕمَن اُس نہٕ پَتہٕ تسٕنٛز کانٛہہ فِکرٕ ے بلکہِ اَسی دیان وُلی وُلی ہے مَر ہے تِی گژھِہ ہے جان تٕمَن تہِ موکلہِ ہے تفریق تہٕ خرچہٕ۔ اَمہِ کِنٛز اوس اَمس بُڈ شخصس یہِ سخت بۄڈ عذاب۔

اکہِ دوہہٕ سٕمکھ اَمس اَکھ دوستا تہٕ تٕمس وُنٕن پَنٕنۍ یہِ سارٕے دأدی کانٛگر۔ دوستَن کۄر تَس دِلاسہٕ مداراتہٕ وۄننس ئہ سوٗنچہٕ اَتھ کانٛہہ علاج۔ پَتہٕ یِیے ژٕ نٕش تہٕ وَنے کیٛاہ چھُ کرُن۔ کینٛژٕ دۄہی پتہٕ سُہ اَمس نٕش وأتھ تہٕ تھأوی نَس کٕنٛو تہٕ باجرٕ ءتی بَرِتھ ژۄرٕ تھیلہٕ بٕز وۄنہہ گنہٕ۔

پَتہٕ وۄننَس "بوز سا یارا۔ چأنۍ شُری بوزَن زِ ئہ اوسُس اَز ژٕ نٕش آمُت

تہٕ تِمہٕ پڑژھنَے تہٕ ژےٚ اَتھ متعلق۔ ژٕ دی زبکھ باس زِئہٕ اوسُس اَکھ پڑ دن قرض ژےٚ ہورنہِ آمُت تہٕ وۄنی چھِ ژےٚ نِش ساسہٕ وادروپیہِ۔ یِمہٕ ٹھیلہٕ تھاوُک زِپانٕے نِش تہٕ توٚت تانی ہاوُک زہنہٕ ہرگزتہِ شُر بن یوٚت تانی زِنٛدٕ چھُکھ۔ ژٕ وۄچھکھ یِم کتھہٕ کٔنی بدلٕن وۄنی جلدٕ ے۔ اَدٕ کیاہ دِمےٚ وۄنی کمن اجازت ئہٕ یِہے جلدٕ ے بیٚیہٕ ژے نِش تہٕ یِہے خبر اَتھ۔

یام اَمی ہِشدٕ بو نیٚچوٚ یہِ بۄز زِمأنس ہامیٛول بیٚیہٕ ہن تہِ مال تِمو لاجہِ مأنس ترٛٹھہٕ لوٗزٕ کرنہٕ پڑ ھنہٕ زانٛہہ تِمی دُپھ ہٕرژ آسہٕ۔ تہٕ تِم رٕۄ دی تِہِشدِس مرنہٕ کِس آنس تاز پی کران۔ تِمی ہِشدِ مَرنہٕ پتہٕ ییٚلہِ تِمو لالچہِ سان ٹھیلہٕ مُژرک تہٕ اَتہِ وۄچھکھ یِمن مُژصرف گنہِ تہٕ باچر۔

(راوی: بِشو بایو۔ رٕنی وور سرینگر)



# بیعقٕل اوش تہٕ عأقل آشٕنۍ

سوداگرا اَکھ یام مَرن سَرٕ گو تُمۍ اوٚن پنٕنۍ کُن تہٕ ٹوٹھ گوٚبُر پَنٕہ نِس بسترَس نکھہٕ تہٕ ووٚنُنَس "میانہِ گوٚبرٕ مے چھی ووٚنۍ نیرُن تہٕ پَتہٕ یمہٕ نہٕ زانٛہہ واپَس۔ ژٕ گوکھ ووٚنۍ یتھ دُنیاہَس منٛز کُن۔ توٚ ے گرَ ے بہٕ ژٕ ے پانٛژھ نصیحژ یمہٕ ہرہمیشہ ژٕ تَس تھاوِژ زِ۔ گرِ پیٹھہٕ وانَس گژھان پکۍ زبنہٕ تاپَس۔ دوہَے گژھہِ پولاو کھیوٚن۔ پژ بتھ ہفتہٕ گژھہِ پانَس نۆ زنانہٕ گرٕنۍ۔ شراب چینٛژ ہرگاخاہش گژھی تیٚلہِ گیہِ رَٹٕنۍ بُڈمٕٹ تہٕ چوٚن۔ ہرگازار یژھَکھ رِگنٛدُن تیٚلہِ گژھہِ تجربہٕ کارزار بنٕتۍ رِگنٛدُن۔

یمہٕ گَتھہٕ وٕنتھ لوٚگُس ہیٚک تہٕ دِتُن امانت۔

تُمۍ سُند نیٚچُو یُد وَ ے ہر رنگہٕ رُت تہٕ فرمانبردار اوس مگر سُتہِ اوس سخت بیعقل۔ تَس توٚگ نہٕ مأنۍ ہیٚژِ گتھِ رَژھ تہِ مانہِ ژارُن۔ تُمۍ سوٚنٛچ زِ یمہٕ گتھہٕ چھِ حرفہٕ حرفہٕ سمجھنہِ۔ اَمہِ رِکنۍ لوگ تُمۍ نَل فور گرِ پیٹھہٕ وانَس تانۍ وَتہِ ژھبدُن گرُن۔ اَتھ لگۍ تِمس سبٹھاہ ہار دیار یہِ زَن سیوٚ دفأطرأزی أس باسان۔ تِہنٛد بن یارَن دوستَن گو شک زِ یہِ ماچھُ پاگلے تہٕ باقین باسیاو زِ أمِس چھُ نشہِ۔ مگر تُمۍ تھوو نہٕ تہنٛزَن کتھَن بلکل تہِ گن

بلکہِ کٔرِن یہِ کامہِ ہَن مُکمل تہٕ پٔژ بتھ دوہہٕ اوس گرٕ پیٹھہٕ وان تہٕ وانہٕ پیٹھہٕ گرٲے گژھان ژھایہِ ہٮ۪ر ژھایہِ ہٮ۪ر پکان۔

پَنہٕ نِس وازَس دِتُن حُکم زِمیانہِ خاطرٕ گژھہِ دوہے صرف پولاو بناوُن تہٕ امہِ ورٲے اوسنہٕ بیٛیہِ کینٛہہ تہِ کھوان تِکیازِ مالٕکٕ اُسس یُہَے نصیحت کٔرمٕژ۔

پٔژ بتھ ہفتہٕ ٲو زنانہٕ کرنہٕ یِکس معاملس منٛز آے تَس کافی مُشکلات۔ کیٛنہہ زنانہٕ پییٛس ہتھزِ بدصوٗرتی یا بدمزٲجی یا بےطوٗری یا نمک حرٲمی بیٛیہِ وَجہ ژٕتھ کَڈٕنہٕ ژھننہِ۔ وۄں گوو کینٛہہ آسہٕ ہتشھ یمہٕ مأرٕ منٛز تہٕ رٕژ، لولہٕ بٔرٕ ژتہٕ رحمدل صافہٕ تہٕ ژوژ آسہٕ مگر یِمَن نِشہِ تٕھپھ ٹُلناوٕنی اُمسِ جوان سوداگرس سخت کرٕ ڈٕھ سپُد۔ تِمس اوس تِمن طیشس اَنٕنہٕ خاطرٕ ہِس پیوان دِیُن نَتہٕ تِمَن کَڈِتھ ژھننہٕ بٕژ وٕنہہ کانٛہہ ہیتھ رٹنہٕ خاطرٕ ووشِدٕ مَزٕ رٕتُلن پیوان۔ تِتھہٕ پأٹھی سپٕز وارِیہہ بچارِ غرٕیب زنانہٕ تِمہٕ کٕ ہِندِ کٕنزٕ خراب۔

ژھیکٕرَس یوٗزا کہِ سبٛٹھہے دانا زنانہِ گُذریمٕتس سوداگرٕ ہٕنزٕن نصیحژن ہُندُ یِمَن کتھَن ہُنٛد اصل معنہِ ژأرِتھ کٔرتِمہِ سوداگر کٕٹس ہتی خاندر کرنٕچ شبقہٕ کوشش اراد۔ مأرٕ منٛز تہٕ دانا آسنہٕ کِنٛ گیہِ سو جلدی اَتھ منٛز کامیاب۔ سوداگرٕ کٕٹس آدنہٕ تَس تہٕ سُندِس کامہِ کارس منٛز کانٛہہ قبوٗح وَنہِ یُدوَے زَن سُہ تِمہٕ کٕ ہِندِس گُنہِ تہِ وشفس گوس اوس روٗزِتھ۔ سوٲس پٔژ بتھ کانٛہہ کأم بلکل تِمہٕ کٕ ہِنزِ مرضیہِ مطأبق کران زنُو روٗزنہٕ پأٹھی رأچھ کٔرتھ تہٕ پکو دَلو، طور طریقن تہٕ کامہِ کوچَن اُس حبسہٕ سان واتان۔ ہتھ کِنٛ دزاے شٮ۪ دوہہ۔ ہفتہٕ کہِ سٔتمہِ تہٕ اٰخری دوہہٕ یُس تَٔسُند وۄں اٰخری موقعہٕ اوس اَمہِ دوہہٕ وۄن تَس سوداگرٕ کٕٹ زِمیانہِ خاطرٕ بنأوی زِ کالَس کیٛتھ گاڈٕ پولاو۔ تَس اوس

اِرادٕ یہِ پیٹھ زِ تِمس اوس بدل قسمہٕ چَن گاڈَن کھنگ مأل۔ تِمس وۄن زنانہِ زِ تِتھے ژٕ واپَس واتکھ یہِ آسہِ چانہِ خأطرٕ مےٚ بنأوِتھ تھوومُت۔

یام سُہ دِژ اوسو گیہِ بازرٕ تہٕ اَنِمن دون ترٕبن قسمَن ہِنٛز گاڈٕ۔ مُنأسب وقس پیٹھ رَنِمن یِمہٕ مختلف طریقو، اجمن ترٕ وۄن مصالحہ، اَجِہ تھاوبن مصالحہٕ رۄستے۔ اجمن ترٕ وۄن کھنڈ، اَجِن نوٗن تہٕ تِتھے کنٛہ وار یِہہ۔ سوداگر ییلہِ واپس ووت تہٕ کالک کھمن چَن اوس تیار۔

تِمہِ دِژ کریکھا ''تیار چھا کھبن۔''

زنانہِ وۄنُس ''آ'' تہٕ فِل فور تھوونَس گرم گرم میوٗٹھ پولاو بٔڈ وٕتھہ گنہِ۔

''اوٗہ'' ہیوٚ رٕکُن ژٕ کھہِ ہیو نظر کٔرِتھ وۄتھ سُہ ''مےٚ اوس نمکین پولاو کھیوٚن''

تِمہِ وۄنُس ''اَدٕ کیٛنٛہہ چھنہٕ۔ مےٚ سۄنٛچ زِ ژٕ ماکھکھ تہٕ توَے چھم سُتہٕ تیار کٔرِتھ تھوومُت۔ ''ییکیاہ گوو سُہ'' تہٕ تھوونَس گرم گرم نمکین پولاوک بوٚڈ تھال بٔڈ وٕتھہ گنہِ۔

''اچھا۔ اَچھا'' بظأہر وۄن تِمہِ توتہٕ ژکھہِ ہوٚتے ''مگر یِمہٕ گاڈٕ نہٕ، یِمہٕ چھے گنٛڈی یأژ۔''

''اَدٕ کیٛنٛہہ چھنہٕ۔ تیٛلہِ کھےٚ یِمہٕ'' زنانہِ دِتُس جواب۔

''مگر یہِ اوسُس نہٕ یِمہٕ ژھانڈان'' تِمہِ وۄنُس زورٕ تہٕ تِتھہٕ کنٛہ کٔرِن نظر زنتہٕ سُہ اَمِس یِمہٕ گلس اوس لاینہِ یژھان۔ اَمہِ کھوتہٕ اَنتہٕ گہلیوٚ باؤلی ڈٔلی یہ کھمہٕ سُے۔''

تورٕ وۄنُس زنانہِ درجواب ''اَدٕ عأش کٔرِتھ۔ کھےٚ تہٕ'' لی ونان ڈول تِمہِ اَکھ

کرنجُل أ۪کتھ کُن تہٕ ہہ گودیہِ وُچھتھ حأران زِ اَتہِ اوس اَتھ تَل کُس تانٛ جانورٕ
لیوٚب تہٕ یُس تَمہِ ساعتہٕ لیأرِکۍ پوٚ کرُمت اوس۔ییلہِ سو کھنن چَن اُس تیار کران مگر
أسنہٕ یہِ فرصت آمٕژ تہٕ توے اوسنَس پیٹھہٕ کرنجُل تھوومُت زِ یتھنہٕ خانہٕ دارَس اَتھ
نظر پییم تہٕ کھسبس ژ کھ۔

ییلہِ وۄنۍ سوداگر کوٚٹ پۄرِ پأٹھۍ ناکام سپُد تَس پھۄ رنہٕ اَمہِ پتہٕ کہِیٕ
کیٛاہ دوٚیوٚتر ییوٚ ضیافژ ومٕژ رژ ھارژ ھا کھبتھ وۄتھ سہ بسترَس منٛز راتھ کیٛتھ کرو
زنانہِ وعدٕ زِ پگہہ صُبحَس گرٕ ھن تِم تُنٛد مالیٚن تہٕ دوہہ گزارن تتۍ۔

صُبحَس کیٛتھ گۍ تِم دوشوٚے یکجا تورِکُن روانہٕ۔ توٚت وأتتھ وۄن زنانہٕ
پَنہٕ نِس مأِلس ماجہِ پنٕنۍ سورُے گُدرُن تہٕ پنٕنۍ سأری سِر تہٕ ییٚہ دۄ پنٛگھ یتھنہٕ
پہنٛدِ خأطرٕ کینٛہہ خاص رٕ زِ صرف رٕنۍ زِ کینٛہہ پھوہرِ تہٕ ییلہِ بہ منگو تمہِ ساعتہٕ دِیکۍ
مےٚ یِیے۔ تِمو وۄنہَس اِد کیٛاہ أسۍ کرو برابر یی۔

ییلہِ تِمن تتہٕ، کینٛہہ گاٚنٹہٕ گےٚ تمہِ نیوٚ پنٕنۍ خاندارأ رکس کوٚٹھرِ منٛزٕ تہٕ وۄنس
ژ پڑ ارتہٕ ییٚتی کھکھ وۄنۍ بتہٕ۔ سوداگر کوٚٹ رٕو دوارینہَس کالس پڑاران یوٚت
تَس تیژ بوچھہِ لجِ زِ سہ وۄتھ تہٕ کوٚرُن زنانہِ آلو زِ وٚلی وٚلی اَنتہٕ کینٛہہ کھنہٕ خأطرٕ۔
زنانہِ وۄنُس ییکیٛاہ بَس کینٛہہ منٹ۔ أسۍ چھِ باتہٕ پژھن پڑاران یہٕ
وار یہہ بژ وۄنہہ یوٚت آمٕتۍ گرٕ ھی آسنۍ۔ تتھُے تِم واتَن تہٕ تتھے اَنو بتہٕ۔
"مگر مےٚ لجِ سخت بوچھہِ بہ ہیکہٕ نہٕ پڑٕ اَرِتھ" سوداگر گوٚ وۄنس۔ "مےٚ دِیو
فورکینٛہہ کھنہٕ خأطرٕ۔ گرِ کین منگ معافی بہ کھیمہٕ نہٕ تِمن ستۍ۔"

تمہِ وۄنُس "تہٕ گوٚو ٹھیک۔ مگر اَتہٕ چھنہٕ پھوہر بوورأے کہنی۔ اگر تمے کھبکھ بہٕ گژھہٕ تہٕ اَنے۔"

"اَدٕ کیاہ۔ گژھ اَن تمے" تمہِ وۄنُس۔

سو گیہٕ تہٕ انمن پھوہرِ۔ تمہِ کھینہٕ تم مزٕ سان۔ یئلہٕ تمہِ اَکھ تھالا کھیتھ موکلوو۔ وُنی کنبس آومت یمن پھوہربن پولاو کھوتہٕ تہٕ زیادٕ مزٕ۔"

یہٕ موقہٕ رُت زانِتھ وۄنُس تمہِ "تیلہٕ کیازِ چھکھ ژٕ گرِ ہمیشہٕ پولاوے کھوان؟"

تمہِ وۄنُس جواب "تکیازِ مَرَن گرِ چھُ میأنی ماٲلی مے یی حکم کوٚرمُت۔"

"ہے بیقلہٕ۔ ژٕ ے چھۓ نہٕ تسنٛز گتھے فکرِ ترٕ مژ" تمہِ وۄنس۔

"نہٕ۔ نہٕ۔ مے چھُ تمہِ ری وۄنمُت۔ اَکھُتہٕ چھۓ تمہِ جنت گارَن مے بیٛیہٕ تہٕ کینہہ نصیحژ کرِ مژ۔

تہٕ اَمہِ پتہٕ وۄننس تہٕ سأبم یہٕ تَس ماٲلی اوس وۄنمُت۔

"اَچھا۔۔۔توے چھتھا ژٕ نے گرِ پیٹھہٕ وانس تانی وَتہٕ ژھبدُن کوٚرمُت۔ توَے چھکھا دوہدش پولاو کھوان تہٕ پژ بتھ ہفتہٕ نٔو زنانہٕ کران۔ ژٕ چھکھا پزٕ ے یٔوت سیٛوٚد زِ ژٕ ے زوٗنتھ زِ چأنی دانا تہٕ مہربان ماٲلی کیاہ اوسے ژٕ نے یی کرنہٕ خاطرِ وۄنمُت۔ ژٕ ہرگاہ یی کران روٗد کھ ژٕ ے نے بربادگوھنس تارِے لگی نہٕ۔ ژٕ ے زندگی پٔنڈری نیٛری تہٕ لوٗکھ گنہٕ گنہٕ کرنے۔ بوز یوٚرِ چ گتھ۔ ژٕ ے یئلہٕ ماٲلی وۄنے زِ شہلی شہلی اَسی زِ گرِ پیٹھ وان تہٕ وانہٕ پیٹھہٕ گرِ گوھان۔ تسنٛد مطلب اوس زِ ژٕ اَسی زِ پٔنن کارسلہٕ

صُبحٲے ؤتھِتھ شروٗع کران تہٕ ژیرِ تورٕ واپس یِوان۔ یُتھ ژٕ پاپر جاہ تہٕ بوٗزمژٕ بَنگھ۔ تٔمۍ وۆنُے ژٕ نے دوہے اَسی زِ یولاو کھوان تٔمۍ اوسنٔے ژٕ کہِ یہِ وۆنمت زِ کھنہٕ چنس منز گرٛھِ حدٕ روزُن تہٕ صرف بوچھِ گالنہٕ خاطرٕ کھیٚون۔ تٔمۍ وۆنُے ژٕ نے پٔژتھ ہفتہٕ نٔو زنانہٕ گرِنی۔ تمیُک مطلب اوس زِ ژٕ اَسی زبہٕ زنانہِ ہر ساعتہٕ لور روزان۔ یێلہِ ژٕ نے باسی نٔوے زنانہٕ تہٕ اَمہِ سِتۍ باسی ژٕ نے تَس سِتۍ روزُن سبٹھاہ مزٕ دار۔

"اے وائے"۔ تٔمۍ دِژ کربکھ۔ "بٔہ کیٚاہ اوسُس یہِ کران۔ مےٚ کوٚسہٕ بیقلا لزی گرِ یہِ اَزتانی۔ میانہِ ببا۔ مےٚ نا اَس نہٕ چانٔی گتھ فِکرے ترٕ مژ۔ میانٔی ٹاٹھر۔ ژٕ نے ؤنتھ مےٚ دانٲیی ہنز گتھ۔ یێمہِ یپور ترٛ اوٕ بٔہ پٔنٕنز سارِے چارٕ گی۔ مگر ژٕ نے سمجھو تھَس نہٕ بٔہ مالی سٕژن باقٕے گتھَن ہُند مطلب۔ یُتھ زَن مےٚ فِکرِ ترٕ ہے زِ نے کیٚاہ چھُ بیٚیہِ گرُن۔"

تَمہِ وۆنُس "بٔہ وَنے ژٕ نے۔ مگر اَسی گرٛھ ہَوتہٕ گوڑٕ ہمَو میانِس مالِس ماجہِ روخصت۔ وَتہِ سمجھاوتھ بٔہ ژٕ باقٕے کتھَن ہُند مطلب۔"

یێلہِ تَم وۆنی گرِ گُن پکان اَسی سو پھیرٕ اَکس زاَرِ رِ پینٛچِہ گُن تہٕ اَتہِ ہوٚدُن پَنہٕ نِس خاوندَس تَمو منزٕ اکہِ پَلہٕ پژٕ بتھ اَکِ سِندِس موکھس پیٹھ ٹُنی دژٕ ہ تہٕ پَتہٕ وۆنُس "دُ چھ تہٕ یہنز خراب حالت تہٕ خیال تھاوِ زِ چون مول اوس یژھان زِ ژٕ گرٛھکھ یہِ ہانہ وُچھن یُتھ زِ ژٕ تَمہِ وَتہِ نِشہِ بازروز کھیوسہٕ اَتھ حالَس چھےٚ واتناوان۔"

پَتہٕ نیٚون سُہ اَکس بۆڈِس کلوال وانس پیٹھ یُس تَمن گرِ نکھے اوس تہٕ بۆڈٕ ہِن شرابہٕ چمِن گُن اِشارٕ کران وۆننِس گرٛھ کھَس گُنہ اَکس پیٹھ تہٕ توٚت تانی روٗزِ زِ

چوان یوٗت تانٛ ژٕنے پوٚز تسلی تیٚی۔ سُہ کھوٚت ہیرِ تہٕ دِژِن اُتھ مَچہٕ نظرا لتہٕ اوس
تیٚتھ پھٕکھ یِوان زِ سُہ اوسنہٕ اَکِس لحظس تہٕ اَتھ روزُن یژھان، چیٚنچ چھٕنہٕ گژھے۔

ہیرِ یوٚن وُچھتھ وۄن تٔمی ''اَزی کیہ پٔتھ چَمہٕ نہٕ بہٕ اَکھ قطرٕ تہٕ شراب۔''

''بلی اوسے ژٕنے مول وَنُن یژھان'' تٔمہٕ وۄنُس ''توٚے وۄنُے تٔمی مچہٕ منٛز
شراب چوٚن ہرگاہ چوٚن یژھکھ۔''

''توٗ رُم، توٗ رُم فکرِ'' تٔمی وۄنُس ''پگھ پکوٗ اَسی گرٕ۔''

(راوی: پنڈت مکند بابو۔ سوٗتھ سرینگر)



# فقیرِ خدا

دپان یہِ اوس اَکھ غریب شخصا یَس زٕشرٕ اَسٕ اَکھ نیچو تہٕ اَکھ کوٗر۔ سُہ اوس تیوٗت ہینہٕ آمُت زِ تَس اوسنہٕ تِمَن خاطرٕ نہٕ ژٕٹ تہٕ نہٕ مٔیٹ تہٕ سُہ اوس زچہٕ لاگتھ گرٕ پَتہٕ گرٕ بیچھان۔ دہ ہابیٚاو زِ بَتہٕ مٔیٹ ژھانڈان ژھانڈان سمکھ تِمَن اَکھ سبٹھا نیک، توکلی تہٕ گونہٕ وان فقیر تیٚمِس متعلق یہِ اوس وَننہٕ یوان زِ تِسندِس دُعاہَس چھےٚ ہمیشہ اجابت سپدان۔ یہِ خدادوست شخص وُچھِتھ گَرٕ تِموٚ اَمِس سلام تہٕ کوٗرٕ ہَس عرض زِ اَسہٕ خاطرٕ کرتہٕ دُعا یُتھ اَسہِ یمہِ غریبہٕ منٛزٕ موکلہٕ ہاو۔ فقیرَن وُٹن تِمَن اَکہِ جایہِ ہُندٕ پےٚ تہٕ ووٗننکھ زِ ہرگاہ تِم تَتھ جایہِ اَکہِ اَکہِ اَژن تہٕ سو دِلہٕ تَتہِ اٰہی گرَن تِہُندٕ مُراد سپدِ پوٗرٕ۔ ئتی ووٗننکھ ”حبس تھاوِی زیو زِ صرف منگی زیو اَکے چیز“ یہِ وُٹنتھ دژٕ اوفقیر۔

یمَو تِرٕیو منٛزٕ اَکیہِ گوڈٕ نیتھ اور کوٗر۔ تِمہِ مژ ردہان تہٕ موٗنگُن پانس خاطرٕ حُسن تہٕ تِمہٕ سُند دُعا سپُد پوٗرٕ۔ سو آیہِ ماٗرِس تہٕ بأیس نِشہِ سوٚ اَس پوٗرٕ یاوُن ہیتھ تہٕ سبٹھاہ ماٗرٕ منٛزٕ۔ یَس وُچھِتھ بادشاہ، یُس تمہِ ساعتہٕ لیأرِ نیران اوس سبٹھاہ متأثر سپُد۔ بادشاہ رُکیاو تہٕ تمی آنہٕ گرٕنس خاصہٕ گاٗری یوسہٕ قبوٗل آیہِ کرنہٕ۔ اکی نظرِ اَکھ اَرکس عاشق سپدی ئتی گےٚ سوار تہٕ دژاے۔

مگر مأ لِس گو ونہٕ کورِ ہُنٛد ترتھہٕ پأ ٹھۍ اچانک جُد اسپُدن برداشت تہٕ اُتھ ہتی اوسُنس تسٕندِس سبٹھا وقتس اَتہِ لَدر روزُنس پیٹھ اشتعال کھوٗتمت۔ اَمہِ کنٕ ژاو سُہ شرٛارتہٕ ہوٚتے اندر تہٕ موٗنگُن زِ خداے ژھینِن اُمِس نافرمان تہٕ بے وفا کورِ نوشہٕ ر۔ یہِ دُعا تہِ سپُد قبوٗل تہٕ بادشاہَن یام پننہِ اُمِس لولہِ گردِنی پیٹھ نوشہٕ رُوچھ تمِس گیہِ تسٕنز دٔنِ تہٕ دِژن سووَتے داأ رِتھ۔

اُخرس پیٹھ ژاو لڑکہ اُتھ جایہِ اندر تہٕ کوٗرُن دُعا ''میانہِ خدایہ ۔مےٚ بخش تہٕ زِ چیز اَکھ گوٚ ژھُس ئہ بادشاہ بنُن تہٕ بییہِ گژھم سبٹھا دولت۔''

یہِ دُعا اوس نہٕ فقیر سٕندِ ہدایتہٕ مطأبق لہٰذا اسپُد نہٕ قبوٗل۔

ترتھہٕ کنٕ دراو سُہ شکس لدِ پچھوٗن پنٕنہِ کُھرِ تلہٕ کوٗرتہٕ بے وقوف نچو ہتھ تتھے پأ ٹھۍ پننہِ وَتہِ ترتھہٕ کنٕ تم آیتی اُسی، فاقہٕ پھرِ ژھوٗرے تہٕ چھوٗنے۔

(راوی: پنڈت کیلاش کول۔ ٹنکی پوٚر سرینگر)



# آن مائنی

کشیر منز اوس قحط دوٚ اگادِ گوٚمُت۔ یِمہِ کِنہِ پزٕ بتہ لنٛدٕ ہاہا کار اوس ووٚتھمُت۔ تِمَن گرَن منز اوس سبٹھے ہے تہٕ ماتم یِمَن ہٕندی ٹاٹھی امہِ بلایہِ گاٹلی ہتہٕ یا اُڈرٕ دی اُکرِ گری ہتہٕ۔

اُتھی وقتس منز کوٚرژ وروبار نوسہی زٕ اُسی ژلوینہٕ۔ اکہِ دوہہ ووٚٹ تِموٚ پانٕس خاطرٕ ضروٗری ڈیرٕ ڈ گہٕ تہٕ دراے سفرس پیٹھ۔ کینژہہ منزلا کٕڈتھ واتی تِم اُکس ناگس پیٹھ یتیمیک صاف تہٕ شوٗژ آب وُچھتھ تِمَن اتھ قرار کرنک تہٕ تھکا کڈنک دِل گوو۔ اتھ جایہِ اوس اکہِ سبٹھاہ باڈ ودار کُلیک شہُل یِمہِ کِین زٕ ژھین لنٛگن لنٛجن منز اوس اکہ لوکُٹ جاناوار خوش پاٹھی گیوان تہٕ بولبوشا کران۔ یہِ اُس ووشلا کڈنہٕ خاطرٕ اکھ ژوٗن پوٗنی جایا۔ اُتھی منز نِج تِموٚ یہِ کتھ زٕ اَسہِ کیاہ پزٕ بژ وٕنہہ کُن گرُن تہٕ وارِہن تجویزن پیٹھ گرٕ کھ کتھ باتھ یوٚت تانی تِمَن گوٚب نٕندر پیٖیہٕ۔ یوٚ ہے نصف راتھ ہیوٗ گے تِم اچانک کنَن منز ترٕتھ گرٕ ھوٕنہِ آوازِ ہتی ہُشار یُس زَن اُمس لوکٹس جاناوار سٕند اِشار ہیوٗ اوس۔ زِ تھی باٗے دِیُت ژکھ کھٕسِتھ اُکس حُکم زِ ژٕ رَٹُن یہِ جاناوار، بیٖیس دوٗن شرٕ انچ کٕڈ تہٕ مارُن یہِ تہٕ ترٕ ییمس ووٗنُن ژٕ اَن زِ ینٛن سوٗ مبرٕ تھ یُتھ زَن اُکی یہٕ رٕتھ

کھمون۔ ساری گٔے دُرٕھ دُرٕھ تھوٚدوٚتھتھ تہٕ زِٹھس بأے سُند حُکم پوٗرٕ کرنہٕ خأطرٕ دزاے جَل جَل۔

یہٕ جاناوار اوس سیٹھاہ عأقل لہٰذا تورٕگس پوٗرٕ پأٹھۍ زانٛہ یہ کینٛہہ ایم ونان أسۍ۔ یِتِس کالس ہُم ترٕ نے بارٕنی پَنٕنۍ کأم پوٗرٕ کرنہٕ خأطرٕ دزاے أمۍ وۄن أمِس زِٹھس ''توٚہۍ کیاز چھوٚے رٔٹِتھ یِرٕھان؟ ژٕ نے گَتھ کٔتھ وۄتھتھ یِمَن شرٛ اکہٕ پرٛچھتہٕ زِیٚن اَنٛن۔''

أمۍ جوانَن وۄنُس ''مے چھُ اِرادٕ ژٕ مارنس تہٕ پَتہٕ تُلتھ کھنَبس۔''

خوفہٕ سٟتۍ تھرٕ تھرٕ کرِ لد آوازِ منٛز منٛجس أمۍ کمزور جاناواران زوٗچ بخشأیش۔

''ہے مے بخش توٚے مے ترٛأوی توٚبہٕ ہاوَ وتوہہٕ اَکھ بوٚڈ خزانہٕ۔''

اورٕ وۄنُس أمۍ نفرن ''اچھا تہٕ گو وسیٹھا جان۔ بہٕ ترٛاوتھ ژٕ ہرگاہ ژٕ پَنٕن وعدٕ پوٗرٕ کرٕ کھٕ۔''

''اَچھا تیلہِ بچاس بہٕ۔ کھٕنو تیلہِ یِتھ کُلۍ کوٚڈس أندی أندی تہٕ توٚہۍ لَبو بارسہٕ خزانہٕ'' جاناوارن وۄنُس۔

یِمو بارنہو کوٚر یِی تہٕ لوٚبکھ یہ زَن جاناوارن وۄنمت اوس۔

أسۍ کیاز نیرٕ وے وۄنۍ سفرس۔ اَسے چھُ وۄنۍ سیٹھا خرچُن تہٕ یتھ پَلہٕ گرٕن سُٹب۔ اَسہٕ پزِ واپس پَنٕن وَطن گوٚژھُن۔

بییہٕ خانداۓکۍ ژور بأے تہٕ أسۍ تتھ بڈس مکانس نکھہٕ بسان ییٚتہٕ یم ژور امیر بأے وۄنۍ روزان أسۍ تموتہٕ بوٚز کتھہٕ تانۍ پأٹھۍ یہ لگے معاملازِ کتھہٕ کنۍ ہیچ یِمَن پیٚٹھ

دولت تِمَن تہٕ اوس قحطن ووگتہٕ اؤ نمُت تِموتہٕ کۆراَتھ ناگس پیٹھ گوھنگ اِرادٕ ییٚہ ہُمَن دولت أس میچرٕ ییتھ پٔژن تہٕ قسمت اَزماوٕہَن۔ تِم دژاے تہٕ لۆبکھ سہٕ ناگ۔ بَڈ گُلہِ کس شہلِس تَل دِتِکھ تھکھ۔ اتہِ بۆزَکھ جانا وار سُنٛد مۆدر بولبوش تہٕ وومیدٕ تجُس کنٛز دِتھِکھ عاَرق۔ چھیکرس تہٕ دِیُت یمو مژ زِٹھی ہوک پَنہٕ نمن بایَن تِتھےٚ کرنُک حُکم یِتھٕ کنٛز زَن گوڈنچہِ جماٗژٕہنٛدی زِٹھی باٗے پَنہٕ نمن بایَن دِتمُت اوس۔ مگر تِموموننہٕ تَسُنٛد۔

أکِ وۄنُس "بہٕ ہکہٕ نہٕ گژھتھ۔"

دۆیِم وۄنُس "بہٕ کتہِ اَنہٕ وۄنی شژ اَپچ؟"

ترٛیِم وۄتھُس "بہٕ چھُس پانس سخت تھۆکمُت۔ بہٕ ہکہٕ نہٕ زِیُن أنتھ۔ گژھاَن پانے۔ یِیلہِ أمی لوٗکُٹ جاناوارن یِہنٛدی نہٕ کرٕنکی تہٕ نہٕ ماٗننکی ژھرٛ ٹھۄچھ تِم وۄن زِٹھس بأیس کُن۔ "گژھو واپس، تہنٛز کوٗشش چھےٚ بے فأیدٕ۔ توہہِ میلہِ نہٕ تۆت تانٛی کہنٛی یۆت تانٛی نہٕ توہہِ ماٗنُن زانُن آسہِ۔ یِم نفر توہہِ بژ وۄنہہ یۆت آے تِم سپدٕ اَمہِ کنٛز کامیاب زِتِمَن أس موٗتھ۔ تِمَن اوس کُنے اِرادٕ، کُنے سوچ، کُنی نظر کُنے بوزُن تہٕ کُنے جسم۔

(راوی: رحمان چھان۔ سرینگر)



# فتح پوٗر یُک پیر

اکہِ پھِرِ گوواُکھ پیر اَکِس گامَس منٛز پننہٕ ٚ نٕمن مریدَن۔ سُہ یام اور ووت تَس دزاے ساٗری بُتھہِ تہٕ سارِوٕے وۄنُس زِ اَسہِ سوزوٕے بَتہٕ۔ وۄن یِیلہِ کالُک وقت ووت پٔز بتھ کاٗنسہِ سۄنچ زِ ہُمی نَتہٕ تِیمی آسبس سۄزمُت تہٕ تِتھہٕ کنٛز تٔراٗو سارِوٕے گٔتھے۔ نتیجہِ دزاو زِ پیرَس ووت نہٕ کہنٛز تہٕ لوٚگ فاقے۔ وۄن ماہیکہِ ہے بچھنہِ تہٕ نِرِتھ تہِ ماشوبہِ ہبس تہِ۔ راتھ کیٗتھ کٔڈن ژھٹھ تہٕ ژھٹہِ جۄنوٕ ستی اوس تمہِ مَسجدِ ہُنٛد درواز پھِری پھِری مُژ راونہٕ یِوان یِیتہِ سُہ ٹھٔہرتھ اوس۔ پٔز بتھ وِزِ اوس تَس باسان زِ کانٛہہ آواورٕ تہٕ اوس تھوٚدگرٕ ھان ؤتِھتھ مگر اَس یہِ ژھٹے یاٗژ۔ صُبحس کیٗتھ پے تِہنٛدی مُریدتَس نِش واٗتِتھ تہٕ پٔز ژھہَس راتھ گُزٕ اروا آرامہٕ سانٕے۔ مگر تٔمی یِیلہِ توٗرِ تِہنٛدِس نہ واتنس پیٹھ بوٗاری گٔرِکھ تہٕ تِمو لاج اَکھاَکِس ستی ہَر گرٕنٛزِ ژٕرے نَتہٕ ژٕے کونہٕ اوٗنُتھ بَتہٕ۔ تہٕ اَکھاَکی سنٛدِس پیرَس لاجکھ لبکہٕ پٔرنہِ۔

"کولہٕ گرمَیہِ چاٗنس پیرٕ سٔزِ کورِ۔ چاٗنس پیرٕ سٔزِ کورِنی تَن ہۄنٛزِ۔ چاٗنس پیرٕ سٔزِ کورِ گرِی تَن وارسہہ راٗنٛزِ۔ تِتھی ناسزا تہٕ ژانگہِ دزٕونہِ لبکہٕ رۄدی تم اَکھاَکِس

ژاران۔ژکہِ آسہٕ یمہٕ سارے لکبہٕ پیٖر ہے وَسان۔سُہ گووشُوٗزدہیُٔتہٕ پکوزچن تہ
دِتھ تھاوِن اَتہِ دَگ۔

(راوی: وَرمُلِس نگھہٕ کھادِ نیاز رُک لال سنگھ۔فتح پوٗرچھُ بانِگل پرگنک
گام۔ترتیب کارَن چھےٚ حاشیس منٛز تہٕ تھمن پیٖرَن پُٹ کڈٕمٕژ۔یم چھِ جاہل،لاپ
تہٕ خودغرض۔لوٗکھ چھِ یمَن سخت قدر کران تہٕ یہنٛدِس دعایہِ خاطرس خدایس نش قبول
مانان۔ہرگاہ نہٕ تہِ آسہِ یم سیٚدی سادِ تو ہم پرست گامی لوٗکھ گژھِ اَنن یمَن ایمان۔)



# دانا حاکم

## (I)

دوہہ اکہِ اوس حاکم دربارس منز بہتھ زِ اَکھ کاو آو وُڈان وُڈان لنٛد رتہٕ لوگُن سخت شور۔ اَتہِ یِم نوکرأسی تموٗ ژھُن یہِ دوہہِ ترٛینہٕ پھِرِ اَتہِ کٔڈِتھ مگر یہِ روٗدتوتہٕ اُڑی اڑان تہٕ گوڈنکی پأٹھی زورٕ زورٕ ''کاو، کاو'' کران۔

حاکمن وۄن ''ضرور چھےٚ أمِس کینٛہہ شکایت؟ یہِ گژھِ معلوم زِ معاملہٕ کیاہ چھُ۔''

لہٰذا آوا کھ سپاہ اَتھ تحقیقات کرنہٕ خأطرٕ سوزنہٕ۔ سُہ تِتھےٚ اَتہِ رولنہٕ سٔیِد کاوَن لوگ أمِس بڑ وٚنہہ بڑ وٚنہہ وُڈُن تہٕ ووت گُری دورِ اَکھ گُلِٹ اَکھ پھرس اوس تھلان یٚیمہِ چہِ أکس لنٛجہِ پیٹھ کاوَن اول اوس بنوومُت۔ تِتھےٚ یہِ جاناوارا اَتھ گُلس نشہِ ووت تہٕ أمی لوگ سبٹھا زورٕ زورٕ کاو کاو کرُن تہٕ امہِ پتہٕ تُجن پنٕنہٕ نس أمِس نش وُچھ۔ سپاہَن وُچھ جلدٕ ے زِ معاملہٕ کیاہ چھُ تہٕ گُلِس دِتُن حُکم زِ سُہ گرِن کأم بند۔ واپس آو تہٕ وۄنُن سورُے حاکمس۔



## (II)

بێیہٕ دۄہہٕ تہٕ اوس حاکم دربارس منٛز زٕ نفر آے تہٕ گرِکھ پننٕی دعوا پیش۔ تم دۄشوٕے اَسی اَکس بچھیرِس مالک لاگان۔ یہ اوس اَکھ عجیب معاملا۔ تم اَسی شہر باش تہٕ مُلکی طور طریقہٕ کنٕ اَسِکھ پننہِ کھارچہ نیٚو ررچھنہٕ سوزمژ۔ دۄشوٕنی کھارچن اوس اَکھ بچھیرٕ ستی۔ ییلہٕ تمہٕ گلوانس حوالہٕ آسہٕ تمنٕے دۄہن پیایہ یمہٕ دۄشوٕے یکومژ زاو اَکس موٚمُت بچہٕ تہٕ اَکھ اوس زِنٛدٕ۔ وۄن گوویُس بچھیرٕ پتھ کن رٕو دِتہ اوس دۄشوٕنی کھارچن دود چوان۔ گلوان تہٕ اوس نہٕ تمہٕ وَقتہٕ اَتہٕ ییلہٕ یمہٕ کھارچہ پیاہٕ آسہٕ تہٕ نہ ییلہٕ آوتہٕ تمی وُچھ یہِ۔ سُتہٕ ہیوٚ کنہٕ یہ وٕنتھ زِ یہِ کمِس گرِ ہُنٛد بچھیرٕ چھُ۔ خار تیلہٕ وۄنی نیرِ واپس ونٛج وارِ وا ژتہٕ گُربن ہنٛدی مالِک گُری والنہٕ کھٕتی۔ دۄشوٕی لوگ بچھیرِس مالِک۔ ییلہٕ نہٕ دۄیومژ کانٛہہ اَکھا تہٕ بے سُنٛدماننہٕ خاطرٕ آماد سپد تمہٕ کنٕ ہیٚۄ فاصلہٕ حاکمہٕ سٕنٛزِ عدالژ پیٚٹھ۔

کینٛژھا سرنا سوچنا تہٕ کتھا باتھا گرِتھ دِیُت حاکمن یمَن حُکم زِ دۄشوٕے گُر تہٕ بچھیرٕ نیٚو کھ دٕریاوَس پیٚٹھ۔ بچھیرٕ برٕیوٚن ناوتہٕ واتناویوٚن سمٕنٛز دٕریاوس۔ یُہ اَمِس بچھیرٕ سٕنٛز موج آسہٕ سو ژھنہٕ اَمِس پتے آبَس وۄٹھ ییلہٕ زَن بیاکھ ہش بُتھ سے پیٚٹھ روزِ۔ تہٕ تتھہٕ کنٕ لٕنٛدٕ یاوِیہِ مقدمہٕ۔



# (III)

اَکھ شخصیا اوسہٕ پننہٕ ماجہِ ہٕنز کفالت ذِمہٕ ہیوٚن مانان۔ سوٗ اُس موٚنڈ تہٕ بیٚیہٕ اوسُس نہٕ کانٛہہ نیچوٗا۔ اُمس بے آسرٕ زنانہٕ بچارِ اوسہٕ کھٕنز تہٕ فِکرِ تران زِ تَس کیاہ پٔزِ کرُن تہٕ گیہِ حاکمس نِش تہٕ تَس برٛونٛہہ کنہٕ نِمتھ کوٚرُنس عرض زِ مے کرتہٕ مدد۔

''میانہِ آغہٕ بٔہ چھس اَکھ موٚنڈ مسکین تہٕ کُنے نیچوٗ چھُم یُس مے کینٛہہ کھیٚنہٕ خاطرٕ تہٕ کینژ ھاپکلو دَلو دِیٚن چھُنہٕ مانان تہٕ اَکھےٚ چھُم نہٕ پننہٕ نِس مکانہٕ کِس کُنہٕ کوٗنس گٔن تہٕ لَر ترٛاونہٕ دِوان۔ بٔہ کیاہ کرٕ۔ کأم چھس نہٕ ہیکان۔ اُچھو تہٕ چھُم جواب دِتمُت تہٕ ہیکتھا چھُم نہٕ کھٕنز۔ تُوہی چھُو پننہِ دلأیی تہٕ سوچہٕ سمجھہٕ کنز ناماوار۔ لہٰذا لأوی توٚمے کانٛہہ سبیلا۔

تِمی ہٕنز شکایت بوٗزِتھ بُلاونو حاکمن اُمس بچہٕ ہُند نیچوٗ تہٕ سخت ہوٗ اُری کٔرُنس زِ ژٕ چھکھ نہٕ ماجہِ واتان یُسند نہٕ زِنٛہے تہٕ قرض نکھہٕ وٗسی۔

''بٔہ دارٕ نہٕ اُمس کھٕنز اُمی جوانن دِتُس جواب ''اَمہِ چھُنہٕ مے زانٛہہ تہٕ دوٗ مبریا دِترٕمِژ۔ اَتھ برعکس دارِ مے یہےٚ وار یَہہ کینٛہہ۔ مے چھُ گوڈے ترٛبن وٕرِیَن اُمی سُند خرچہٕ برداشت کوٚرمُت تہٕ وٗنی ہیکس نہٕ بٔہ اَمہِ ہٕریمانہٕ کھٕنز تہٕ کرِتھ۔ مے چھُ وٗنی پنٕن عیال پننٕہٕ شُری یم مے پالنی چھِ۔

''تھوٗ ژے'' حاکمن وٗنُس ''یہٕ چھا ضروری زِ بٔہ وَنے ژے کوٗتاہ قرض چھی ماجہِ ہُند؟ آ۔ برابر چأنی زندگی چون صحت تہٕ چون طاقت تہٕ۔ ژے کُس اوسے برابر نوٚن رٕتن پانسے ستی تلان۔ ژے کُس اوسے تیٚلہِ دوٚیہ پھِرٕ بَب ژٕنز دِوان۔ ژٕ کُمی ہیچھنو ونگھ پکُن، کُمی ہیچھنو ونگھ گِتھہٕ کرٕنی، کُس اوسے ژے سُہ کھیٚن دِوان یُس

ژٔے مُناسِب اوسُے۔ گُمی رؤ پھٹھ ژٕ خبرٕ کتی دٕب لگنہٕ نِشہِ، خبرٕ کتہٕ پھِر دزنہٕ تہٕ ژ
لگنہٕ نِشہِ۔ ژٔے خأطرٕ کُس اوس دانہِ مُنان تہٕ ڈٕری یہِ وادٕن اوسُے کھٔمن تیار
دِوان یوٚت تانی ژٕ کھاندرس ووتکھ تہٕ پَتہٕ یمہٕ چیز کرنہٕ خأطرٕ زنانہٕ أنی تھٕن۔

''مگر یمہٕ چیز پھٔٹ پزٕ بتھ کانہہ زنانہٕ کران تہٕ گُرن پھٔس خوش گوھان
جوانٕن ووٗنس۔ ہرگانہٕ سو یہِ گرِ ہے سو گژھہِ ییٚژ ھہِ ہے زِنٛدٕ روزُن تہٕ۔''

''تہٕ چھُ کُنہِ حدس تانی پوٚز۔ مگر'' اَتہِ گرحأ کُمَن ژھو پہ تہٕ اَتہِ حأضرأ کر
وزیرس کُن پھیوٕرتہٕ تِمس دِتُن حُکم زِ تیمِس ناشکر جوانس اَتھہِ مُنناوژور سیر دلنہٕ
اَتھ دوران تھاوُس یڈٕ ستی اَکھ مَشک گنٛڈِتھ تہٕ ہرگانہٕ أمی ٹھیک پأٹھی تہٕ ڈٕلی ڈٕلی یہِ کا
گرتیلہِ وألی زبس ڈٕرٕ۔

یہِ نفر تھوٚک جلدٕ ے تہٕ بُتھس کھوگرڈٕنی ووٗتھس عأرق تہٕ أخرس ہیوٚکن نہٕ
مُہل تہٕ ژٕلتھ تہٕ دانہِ اوس وُنہٕ اَڈٕ دوٗلے۔ ٹھک ٹھک، ٹھک تِمس أسی ننبن شانن ژ
وَسان۔ مگر اَمہِ ستی تہٕ سَپدِ نہٕ کہنی سہٕ ہیوٚ کنہٕ دوٗیم لو تہِ مٔنتھ۔ سہٕ آو اَمہِ پَتہٕ حأ کُمس
نِشہِ نیم مردہ حالتس منز نِنہٕ۔

''مےٚ چھی نہٕ ژٔے بیٚیہِ کہنی تہٕ وَنُن'' حأکمَن ووٗنس ''ژٔے ہیوٚ چھُہ نہٕ
کینژھا یہِ زَن چانہِ ماجہِ چانہِ خأطرٕ گرتھ چھُ دِتمُت۔ گژھ والس ووٗنی ژٕ ژودکامہ ہٕ
رٕتہِ خولقہٕ ستی قرض نگھہٕ۔''

(راوی: پنڈت لال چند، کھنموہ پرگنہ دچھ)

# (M)

اَکھ مسلمان دارِ ہے أ رکس بڑٕس کیٚنہہ روپیہِ مگر سُہ اوسُس دِنٕس انکار کران۔ أخرٕس آو معاملہٕ حاےٚ رکمٕس تانٔ واتناونہٕ یٚمی دوشوٕنی ہنٛز گتھ بوٗزتہٕ پتہٕ تھاوِن دوٗنوٚے الگ الگ کمرن منٛز۔ رژھہِ کھٔنڈی کوٚرٕنی بٔٹہٕ بلاونک حکم تہٕ پرٛژھنس ژچھکھا یہِ گتھ پوٚزونان۔ بٔٹن دیُتنس آنکارس منٛز جواب۔

گورنرن ووٚنُس ''رٔژھ تیٚلہِ یہِ شرٛاکہٕ پچ تہٕ گژھ ژٔھ اَمہِ ستی بددیانتی خاطرٕ أمس نٔس۔''

مگر بٔٹن مٔنجِس معافی تہٕ ووٚنٔس زِ مےٚ چھہٕ یِمن روپیٚن ہُنٛد تیوٗت پرواے زِ بہٕ کیاہ ژٔہٕ یِمو خاطرٕ أمس نٔس۔

اَمہِ پتہٕ کوٚرٕنس حاےٚ رکمن حکم زِ گژھ ژٔپنہٕ جایہ واپس تہٕ ییٚلہِ سُہ لتہٕ نیرتھ دوٗریاو پہن یُتھ نہٕ سُہ اَتیٚ گتھ بوٗزِتھ ہیکہِ ہے تہٕ انوٗون مُسلمان تہٕ پرٛژھنس ژٔ دارٕ کھابڑٕس کیٚنہہ۔ أمی کوٚرٕس اَتھ انکار۔

''رٔژھ تیٚلہِ یہِ شرٛاکہٕ پچ تہٕ گژھ ژٔھ غلط راہ کھالنہٕ رکنٕ بڑٕس گن۔'' ووٚنٔس حاےٚ رکمن۔

أمی کمیٚنٕ روٗٹ شرٛاکہٕ پچ تہٕ دژاو اَمہِ ارادٕ اَتہٕ۔

مگر حاےٚ رکمن بُلو وُسہٕ واپس تہٕ ووٚنٔس ''تھاوتو رمےٚ فِکرٕ۔ ژٔ دِیٚنٕس سُہ رقم

یُس ژے سُہ منگان چھی تہٕ بیٚیہٕ جُرمانہٕ تہٕ۔ مَہ وَن مےٚ زیادٕ اَپُز۔ سُہ نفر یُس
پانٕسے ہِوِس زُوذأ ژمعمولی (رقمہٕ) خأطرٕ گن ژٹنٕس پَرٕشنہٕ تٕمس پَزٕنہٕ پَرٕشہ گرٕ ز...

(راوی: مہتر شیر سنگھ کارگزار گورزر...



# تہُنٛد کُنے لعل

دیان پَتھ کالہِ اوس اکھ بادشاہ یَس پٔنٛن نٮ۪چو تہٕنٛدِ اَسرافہٕ تہٕ رذالتہٕ کِنٛز کٔڈتھ ژھٔنِن پیو۔ شہزادہ دزٲو مُلکہٕ منٛزٕ تہٕ تَس اُسی ترٛے یار ستی یمہٕ نہٕ تَس نِشہِ بیٚون اُسی سپدان تُمی تُل پانس ستی سفر خرچہٕ خاطرٕ اَکھ لعلہٕ ٹھیلہٕ۔ بدقسمتی کِنٛز ییٚلہِ سُہ تہٕ تہٕنٛدی یار اکہِ رأ ژشۆنٛگِتھ اُسی تَس نیٛوٗکھ یہِ ٹھیلے ژوٗرِ۔ وۄٚنی اوس یمۆ منٛزٕ گس تأنٛی اُکِس نِش صرف اَکھ لعل۔ شہر وأتِتھ دزٲے یم ژۄشوَے یار بازرٕ لعل کِنٕنہٕ خاطرٕ۔ تم اُسی اُکِس سوداگرس ستی اَمہِ کِس قیمتس متعلق دَرکہٕ دَرکھ کران زِ اَتھی منٛز اوس لأرِ اَمہِ مُلکُک بادشاہ پکان۔

بادشاہَن پرٛژھکھ ”توٚہۍ کیٛاہ اَتہِ کران؟“

”بادشاہ صأب اَسہِ اوس اَکھ لعل کِنٕن مگر اَسہِ چھِنہٕ تیٚتھ کانٛہہ نفر اسمکھان یُس تیٚژٕ ت امیر آسہِ ہے۔ زِ اَتھ ہیکہِ ہے ہیٚتھ۔“ شہزادَن دِتُس جواب۔

بادشاہَن ووٚنُکھ ”تلہٕ سامے ہأوِو۔“

ییٚلہِ بادشاہَن یہِ خوٗبصورت لعل وُچھ تُمۍ دوٗپ یہِ گوٚژھ مے آسُن اَمہِ کِنٛز

رۆٹنکھ ہیتھ زِیہِ چھُ میوٗنےٚ تہٕ ضرۆر آسہِ اُمی شہزادَن میانہِ خزانہٕ منزٕ ژۆر رِنمُت۔ تمی وۆن ہکہٕ ''یہِ چھُ میون۔ مےٚ پزٕ زٕ نو ویہِ۔ یہِ آسو تو ہہِ ژۆر رِنمُت۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ اُمِس سےٚتی فوجی جماژہِنڈِس زِٹھِس کوٚر تمی حُکم زِ ژٕ تھاوُکھ یِم توٚت تانی بندیوٚت تانی اُسی اَتھ تحقیقات کرَو۔

شہزادِ تہٕ تمی ہٕندی دوس گےٚ (اُمی سُنٛد) یہِ ؤطیرٕ وُچھتھ حأران۔

تمو وۆنُس ''بادشاہ صأب۔ سأنی تہِ بوز گتھ تہٕ ژےٚ بدلی اَسہِ متعلق رائے۔ اُسی چھنہٕ ژۆر بلکہِ چھِ دیانت دار۔ اَسہِ منزٕ چھُ اَکھ تمِس بادشاہ سُنٛد نیچوٗیس چانٕی ہِش دولت، عزت تہٕ طاقت چھُ۔ تمہِ ملکہٕ منزٕ کڈنہٕ یِنہٕ کُنی چھُ سُہ ییتہٕ دَربدر پھیران۔ تہٕ باقٕے سأری چھِ اُسی تمی ہٕندی دوست یِموٗ تمی سےٚ پَتہٕ پَتہٕ پکنُک فأصلہٕ چھُ کوٚرمُت۔ اَسہِ سارِنے نِشہِ چھُ بس یوٚہے صرف اَکھ لعل۔ یہِ مَتہٕ رِنتہٕ اَسہِ۔ اُسی چھی زارٕ پارٕ کران۔ اَسہِ چھُ وۆنی رونہٕ زونہٕ کرنہٕ خأطرٕ بَس یُتےٚ۔

تمَن پیٹھ رحم یِتھ کوٚر بادشاہَن یِمَن یہِ وعدٕ زِ لعل یِیہِ یِمَن واپس دِنہٕ ہرگاہ تم سُہ ڈبہٕ پزٕ زٕ ناوِتھ ہکَن یَتھ منزٕ سُہ لعل آسہِ۔ بادشاہَن بناوناوِی پانژھ ڈبہٕ تہٕ پزٕ تھ اَکِس منزٕ تھووُن اَکھ لعل تہٕ یِموٗ منزٕ اَکِس ڈبس منزٕ تھووُن سُہ لعل تہِ یُس شہزادٕ ہٕندِس دوستہٕ سُنٛد اوس۔

ییٚلہِ وۆن اَزمأیشہٕ ہُنٛد وقت ووت شہزادٕ تہٕ تمی ہٕندی بو سأ تھیولاج منگہٕ منگ کرٕنی یُتھ زِ خدایو زِن اَسہِ سَپدِن سُہ ڈبہٕ یَتھ منزٕ سون لعل چھُ پزٕ زٕ ناوُنس منزٕ مدد۔ تہٕ یام تمو دُعا موکلووٕ پٔرتھ یَتھےٚ آو سُہ ڈبہٕ پانےٚ مُژراونہٕ۔ اَتھ کتھہِ پیٹھ حأران تہٕ خوش

گرٛزِتھ دِیُت بادشاہَن تٔمِس نہ صرف پٔنُن لعل واپس بلکہِ دِتۍ نگھ بیٚیہِ ہُم ژورلال تہٕ تہٕ بیٚیہِ کۄرنگھ پَنہٕ نِس محل خانٕس منٛز روزنٕک سال۔ اَتہِ پۄک شہزادٕ تتھہٕ پأٹھۍ تہٕ بنیاو سارِنۍ ہُنٛد ٹوٚٹھ۔ یتھ زِ بادشاہَن دِژ تَس پنٛنۍ کۄرِ نیٚتر کرٕ تہٕ بنوٗن پٔنُن وأرِث۔ یِیلہِ زَن تٔمۍ سٕند بن سأتھَین بڑی عہد دِنہٕ آے۔

(راوی: پنڈت آنند رام۔ رِنی وور سرینگر)



# شالہٕ جمادار

اکہِ دوہہ سمے شالہٕ جماتھ۔ یُتھ زِ تم پانَس خأطرٕ بادشاہ ژارٕ ہَن۔ یِہنٛ اوس پُٹن بادشاہ، ژِترٕ بزاربن پُٹن، ترٛ وزبن پُٹن، رامہٕ ہونین پُٹن، ہونین تہٕ باقے جانورَن تہٕ اُسی پَنٕنی پَنٕنی بادشاہ۔ تو سوٗنچ یمو زِ اَسہِ تہِ پَزِ پُٹن بادشاہ بناوُن یُس سون زِیٹھ آسہِ یَس اُسی مشورٕ ہموتہٕ اَسہِ وَتہِ ہاوُک بَنہِ تہٕ بیٚیہٕ جنکس منٛز سون علمبردار آسہِ۔

بُڑٕ شالَن یَس اجلاسٕچ کاروٲیی شروٗع کرِنٛچ باغِر زَن اُس دوٗن ''ژٲریٚوٗن پُٹن بادشاہ۔''

اَتھ پتھ تُل سارِوے شالو شور ''ژٕ چھکھ سون بادشاہ، سون بادشاہ چھکھ ژٕ۔ ژٕ چھکھ اَسہِ سارِنے زِیٹھ تہٕ تجربہ تہٕ چھی سارِوے کھوتہٕ ژوٗر۔ ژٕے کھوتہٕ کُس ہیکہِ اَسہِ حکوٗمت کرنہٕ خأطرٕ مُنأسب اُستھ۔''

بُڑٕ شالَن کوٚر اقرار تہٕ باقیو نشہِ نوٚن روزنہٕ خأطرٕ دیوُن پَنٕنہٕ جِسمس وُل رنگ تہٕ بیٚیہٕ ترٛ وُن اَکھ پڑون پھُٹمت شُپ گردِنی الوند۔

اکہِ دوہہٕ اوس یہِ بادشاہ پَنٕنہِ نِس علاقس چکرادِوان تہٕ ستی اُسِس سبھاہ

تعدادَس منز رعایا شال تہٕ أتھی منز گیہِ اَکھ ژِترٕ بزارپأدٕ تہٕ ترٕ وونکھ جونٹہٕ۔ سأری شال ژٕلی تہٕ پٔژن بٔڈٕ بادشاہ گوکھٕ مُشتھے۔ أمی بادشاہَن تہٕ کٔرأ کس تنگ گوپھہِ گُن ژٕلنچ کوٗشِش مگر افسوٗس گوپھہِ گُلِس اَژٕ وُن گووتُمس شُپھِ کھَلرِ منز گلہٕ بندیوسہٕ تَس گردٕنی نالِ أس۔ یِہُنٛد یہِ زِیٚٹھ اَتھ حالَژ منز وُچھتھ روٗٹ یہِ ژٕترٕ بزارِ تہٕ نیوٗن یہِ پنٕنہِ کِھارِ (گوپھہِ) منز یِیٚتہِ أمی یہِ رَزِ گنٛڈِتھ تھوو یُتھنہٕ یہِ ژٕلِتھ ہیکہِ۔ مگر کٔہے کالِ ژٕول یہِ شال تہٕ ووت پنٕنہٕ نٔین رعایَن منز یمو بیٚیہٕ یہِ یوٗژھ زِیوٗ ہے روزِ یِہُنٛد بادشاہ تہٕ کرِ یمَن حکوٗمت۔ مگر أمِس گتہِ اوس ووٗنی طماہ روٗ دمُت اوے ووٗننکھ در جواب "شکریہ، شکریہ، بہٕ چھُس اَمہِ ورأیی ٹھیک زندگیہ منز اکہِ پھِر بادشاہ بنٛنے چھُ سبٹھاہ۔"

(راوی: منگند بابو۔ سوٗتھ سرینگر)



# کرٛہنِ دأرتہٕ چھرٕ دأر

دۆن نفرَن، یِمَن وأنسہِ کٕنہِ پانہٕ وأنی واریَہہ فرق أس اوس یارلنہٕ۔ یِم أسی ہروزِا اکھأ کِس ہتی آسان تہٕ اکھأ کِ ہندی أسی سِر بأج۔ یِمو منٛزٕ یُس دأنہ کِنہِ زِیٹھ اوس تَس اوس اصل ریشہِ خطایوٚ ہے کاوِ پکھٕ ہیوٚ مگر کأنسِس ہوس اُس چھ دأر۔

''ژے اکہٕ پَلہٕ میانہِ دوگنہٕ وأنسہِ چھکھ ژے کیا زِنہٕ اَز تانی دأر چھتیمٕ گتھ وأنی کأنسی ہِوی یارَن بیٚیس کُن ییٚلہِ یِم چکرس أسی وزٕ اِمتی۔

بے دِتُس جواب ''میانہِ یارائہ وَنے اَمیُک سِر۔ میوٚن گرٕ چھُ جنت تہٕ میانہِ آشنی چھےٚ اَمہِ جنتک خوش پوٚن گُل ییمہِ چَن لَنجَن پرٛ بتھ وِزِمو چھِ آسان۔ مطلب خوشی تہٕ آرام۔ اَمچہِ پھُلیہِ ہنٛز خوش بوے چھےٚ گرَس لول تہٕ تقدس بأگران۔ یمہ روزَن جایہِ چھُنہٕ اِنسان ؤلی ؤلی بُڈان۔ یِکھ تہٕ وُچھتہٕ میوٚن گرٕ۔''

کوٚنس ہیوٚ گوو فورَن تیار۔ پوٚز گووِیہِ زِتَس اوس أمِس بزرگہِ ہنٛز گتھ پٔتھ شکھے ہیوٚ باسان تِکیا زِ تُمی سُندٕ پَنُن تجربہٕ اوس اَتھ بلکل متضاد۔ اَمہِ پتہٕ برابر گردانٛس

تانٛی رٕوٛدٕ یم باقٕے کتھا باتھا کران۔ اورواتتھ کڈ کرٕہنٛز دارِوالی رُمال۔یتھ منٛز سکھ بٔرتھ اُس تہٕ پلنأوِن زنانہِ کُن تہٕ وۄنُنس یتھ گرٕ ژھ چہٕ تہٕ پانہٕ اُسی نیٛبرٕ کٔنز چکرا کران۔ اَمہٕ رِ ژٕز زنانہِ دِیُت زنتہٕ پننہِ عقلہٕ قلف تہٕ یہٕ گتھ تھاوٕنے نہٕ ذہنٕس منٛز یہ چھُ ناممکن۔ تٔنٛد فرض اوس یی زِ سو گرِ تہٕ کرِنٛچ کوٗشش یہٕمیک تس پننٕز آغن حکم کوٚر۔ ''دٔلی کٔمن تہٕ یہٕ سَپُد'' تٔمی وۄن پانس تہٕ ڈبکہٕ مُورِتھ لأژن یہٕ کأم کرٕنی۔

ہُمو موکلوو چکرا وکرا کرِتھ تہٕ ژاے واپس گرٕ۔ اُمی بُزرگن پرٕژھ زِ گیاسو ژۄٹ تیار۔

''نہٕ حٔض۔۔مےٚ کرے یہٕ پننٕز کٔنز سبٹھا کوٗشش مگر لنٛد یام نہٕ کٕھنٛز۔ یہٕنہ ناراض گرٕژھ ۂم۔ اَمہٕ ہُر یمانہٕ ہیوٚک نہٕ مےٚ کٕھنٛز کرِتھ۔'' زنانہِ وۄنُس اوٕر۔

اَمہٕ پتہٕ ہوو اُمی بزرگن پننہٕ نِس یارس لنٛد کُن پہٕن ینہٕ خأطرٕ تہٕ وۄنُنس۔ وُچھتھا میأنٛی زنانہٕ کٔژاہ حلیم چھےٚ۔''

تٔمی وۄنُس ''آ۔ بے شک''

''مگر یہٕ ہاوے ژےٚ اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ اُمی ہنٛز حلیمی تہٕ برداشت'' وۄنس اُمی بزرگن تہٕ اَمہٕ پتہٕ پننہِ زنانہِ کُن پھیرِتھ کوٚرُن تَس حکم زِ ژٕ کھس کأنی پیٹھ تہٕ تتہٕ یم ہنٛد وبند چھی تِم وال یوٗرٕ'' زنانہٕ وٚژھ تہٕ کھۄژ ہیوٚر مگر تتہٕ وُچھن اَکُے ہنٛد وبند۔ یہوے وۄلُن تہٕ تھوٗون خانہٕ دارس بٔڈ وٕہہ گنٛہ۔ تمہٕ سوٗنٛچ یی زِ اُمی اوس شاید یہٕ نٔکی وۄنمت۔ اُمِس اوس پتاہ زِ تتہٕ چھُ اکُے ہنٛد وبند مگر پٔژھس نِش عزت رٔچھنہٕ خأطرٕ دِیُن یہٕ باس زِ تتہٕ چھِ وار یہہ۔

تمۍ ووٚنُس "ہیوٚر کھَس تہٕ بوٚڈہیوٚ (ہنٛد وہنٛد) وال"

زنانہِ تُل یہِ ہنٛد وہنٛد تہٕ پَتہٕ وولُن واپَس

"تَتہٕ چھی کرٛنجہِ منٛز ییمہِ کھوتہٕ اصٕل ہیو۔ گرٛ ھ سےٚ اَن" تمۍ ووٚنُس۔

زنانہٕ کھٔرٛ تہٕ تورٕ وٕ ژھ یوٚ ہےٚ ہنٛد وہنٛد ہتھ واپَس۔ دَہہِ پھِرِ دِیت اُمس

اُمۍ یوٚ ہےٚ حُکم کرا اکہِ آیہ تہٕ کرابیٚہ چالہِ تہٕ برابر دَہہِ پھِرِ کھٔرٛ یہِ رٕژ زنانہٕ ہیرٕ ن۔

اُخرٕس ہوو اُمۍ بزرگن پَنہٕ نِس دوستس گلہٕ ستۍ اِشارٕ زِ دولہٕ کھَس مے ستۍ ہیوٚر تہٕ

ہوونَس زِ اُمۍ سٕنٛز زنانہِ کیٛاہ اوس کوٚرمُت۔ سوٚ بچاُر اُس ہیرِ یوٚن کٔری کٔری ٹھکِتھ وٕستھ

آمٕژ تہٕ ہیرِ پاُوِس پیٛٹھ ہتھ اوٚسُس غش گژھنَس تیار۔

"چھنا مےٚ رٕژ زنانہٕ" پرٛژھُس اُمۍ شرپھہٕ واُلۍ خانہٕ دارَن۔

یارَن ووٚنُس "پزٕ کنہٕ۔ مےٚ ننٛیاو چانہِ کرٛہنہِ دارِ ہُنٛد راز۔ یتھ کرٛچہِ خوشی،

کرٛچہِ شانتی تہٕ کرٛ کہِ اطمنان ترٛ شوٚنی ہنٛزِ سبٹھاہ جان مِلہٕ وِنی ہُنٛد رنٛگ چھُ تہٕ یوسہٕ

انسانس ہمیشہِ جوان پَھےٚ تھاوان۔ پکھ ووٚنی وٕچھن میٛأنی زنانہٕ۔

"چلو ٹھیک چھُ" ووٚنُس اُمۍ اورٕ۔

اَمہِ پَتہٕ گےٚ ییم پھِرٕ دارِ واُلِس جوان سُنٛد گرٕ۔ تتھےٚ ییم اورژاے اور آیہٕ

اَکھ زنانہٕ خشمہٕ ہٕژ تہٕ لاجن کرٛ بکھ "کتہٕ اوسکھ ژٕ؟ کتھ دربدری اوسکھ تہٕ بہٕ

تھاوٕتھس یتھ اُلِس بٕرِتھ"

اُمۍ سٕنٛدِس خانہٕ دارَس پھوٚ رنہٕ خوفہٕ ستۍ دِ دتہٕ تہٕ پَتہٕ تتھےٚ ژھوپہ ہش گیہٕ تہٕ

موٚنگن بڈٕ نیزٕ می سان پانس تہٕ پرٛژھس کیٛتھ کینٛژ ھا کھینہٕ خاطرٕ۔ زنانہِ تھوودژہ کھاُلتھ

یمن بڑ وٚنہہ گنہٕ سُہ ژھیوٚٹ میوٚٹ یُس أمِس تہٕ شُربن پَتھ گُن اوس ہُر یوٚمُت۔ تُرن زَنتہٕ لِتھوٚمُت اوس۔ تِمنےٚ پسارِ پیٚمتین بانگربن لایق یِہُنٛد فوجا اَکھ ہمسایہٕ گی منٛز آسہٕ۔ مگر یہِ اوس ناٹہٕ پھوٚلاژ ھانڈان تہٕ وٚننس تِی۔ اَدِ امہِ پتہٕ أس یہِ زنانہٕ توٚت تانی پَننہٕ نِس خانہٕ دارس نسبت پَننہٕ نَمن شکایژن ہنٛز وَنہٕ وأٹھ کران یوٚت تانی نہٕ تمہٕ پَننہٕ نِس وَچھس منٛز موٚجوٗ دژ کھہِ ہُنٛد سمندرا چھوٚنٹ۔ امہِ پتہٕ تہٕ رٕوٗدُس نہٕ پأنس تانی تہٕ ٹُلن اَکھ یوٚ ڈکترِ لیوٚلا۔ یَتھ منٛز بَتہٕ أس رنان تہٕ آے گُرِتھ لوٚیُن سُہ خانٛوُدس گلَس۔ پتہٕ گییہٕ گتھا مگر تمہِ لوگ ژکھہِ ہوٚت پَننہٕ نِس خانٛوُدس پھٹہِ مَتہِ بانٛگ ٹ قمت منٛگُن یُس تَس کھورَن أندی یِکُی کھنٛجہِ کھنٛجہِ اوس گوٚمُت۔ سُہ بچور پوٚش نہٕ ژلنَس۔ نبر نیرِ تھ وٚن تُمی پَننہٕ نِس یارس "مےٚ چھُ پَننہٕ نِس گرس پھکھ یِوان۔ مےٚ چھُ گرِ کھران۔ یِہوٚے چھُ میانہِ ہوکھنگ تہٕ دِل شِکس آسنگ بینہٕ وَقتہٕ بڑ وٚنٹھے دأ رچھتنگ وجہ۔

(راوی: پنڈت داسہٕ کول۔ کھی پور پرگنہٕ کرٕ ہُن)



# وۄدرِ سٕنز دلیل

یہ اوس اَکھ ووورا اَکھ یُس پزٕ بتھ دٔرِ یہ اَکھ کپر تھانا اوس وونان
بادشاہَس پیش کران تہٕ تَس اوس یہ تیٚوٗت خوش کران زِ سُہ اوس تَس اَتھ معاوضہ
ساس روپیہ دِوان۔

یہ ووٗ راوس تھَدِ تھوٚ دٕے واتُن یژھان۔ یُد وَے زن بادشاہ تہٕ دربار
سٕندِس کَسبَس تعریف اَسی کران مگر سُہ اوس نہٕ تو تہِ مطمئن بَلکہِ اوس پزٕ بتھ دٔرِ یہ
کپر تھان وونچ جدوجہد کران یُس پننہِ خوبصوٗرتی تہٕ بناوٹہٕ کنی پرٕ سکہِ کپر نشہِ زیادٕ
آسہِ ہے۔ اکہِ دوہہٕ بوٗزٕ اَکہ ژوَرن اَمس ووٗدرِ سُند یہ حال واوحال تہٕ کوٗرُن
ارادٕ زِ اَمی سُند نوٚو کپر تھان گرٕبہ حاصِل تہٕ بادشاہَس نِشہِ پزٕاوٕ اَمی سٕندِ کھوتہٕ زیادٕ
شاباشی۔

"یمہِ دوہہٕ یہ (وووٗرِ کپر تھان ووٗنتھ) موکلاوِ بہٕ اَتھ تمے دوہہٕ گوڈنچ راتھ
یہنٕد گرٕ تہٕ نمس ژوٗرِ۔" اَمی ووٗن پانسے ستی۔

ووٗ راوس مذہبی تہٕ۔ ہمسایہِ اَسی لگاتار اَمی سٕنز یہ منگہٕ منگ بوزان "میانہ
خوداییہ" "میانہِ زیوٚ منتہٕ نیرِ تَن بَد" ژوٗرن تہٕ اوس یہ بوٗزمُت مگر سُہ اوس تیٚوٗت دانہٕ

کرٚہٕن زِاُمس اوسنہٕ پرٛٔھن کتھن ہُنٛد پرواے۔ مگر یِمو لفظوٚ کٔر گوو اُمس تہٕ اثر یہِ

اُسی بڈٕ وٕنہٕ کُن وُچھو۔

خاٗرتہٕ کپر تھان سپُد تیار۔ یہِ اوس دُپہر ہیوٗ یِیلہِ یہِ تیار گوو لہٰذا اوس دُنہِ

(راتھ سپدنس تانیٔ) وار یَہہ وقت۔ ووٕری کوٚر سزٕ اناتہٕ لاٗ رِکن سارِوے کھوتہٕ اصل

پلوتہٕ ٹکلن یہِ بادشاہس زٕنہٕ خاطرٕ۔ یِیلہِ تَس (ژوٗرس) ووٗر گپر تھان ہیتھ محل خانس

کُن گرٕھان سمکھیاو تہٕ تَس گوو تعجب۔ ''یہٕ اوٗ تاوٕلی، کاش یہِ اَتھ موکلاونہٕ پتہٕ ہنا

پرٛارِ ٹو مُت آسہِ ہے۔''

یِیلہِ بادشاہَن کپر تھان وُچھ سُہ گوو اَز بڈٕ وٕٹھمہِ نشہِ سیٹھاہ زیادہ خوش تہٕ

دِژن ووٕرِس ژور ساس روپیہِ۔ ''تہٕ تِھس گسبَس گرٛھہِ سأنی سیٹھا حوصلہٕ افزأیی

آسہِ۔'' تِمی وٕن پَنہٕ نٔن وزیرَن کُن تہٕ یہِ یِم تَس أندی أندی اُسی۔ ''مگر مےٚ دِٕیی تو

یِمیکہ سارِوے کھوتہٕ جان مَصرف کیاہ ہیکہِ اُستھ۔''

اَکی وزیرَن ووٕنُس ''حضرت توہہِ پزٕ اَتھ میز پوش بناوُن یُتھ یہِ ہَر وِزِ

توہہِ بڈٕ وٕنہٕ گژھہِ روزِ۔''

بِئے ووٕنُس ''حضرت توہہِ پزٕ اَتھ پَنہٕ نِس مَن پسند گرِس خاطرٕ زٕہن پوش

بناوُن۔''

مگر بادشاہَن موٗن نہٕ یِمو مزٕ کہنٕہ تہٕ تجویزٕ تہٕ چھیکرس پھیوٗ رٕسُہ ووٕرِس کُن

تہٕ پرٛژھنس مےٚ کیاہ پزٕ اَتھ کپرس کرُن۔

''خدا صأبن چھنے ژٕ یۆت دِماغ دِتمُت زِ ژٕ بنوٗتھ یہِ۔ توٗے

ہشکہ ژتہٕ ڈنتھ زیہِ گتھ لاگون۔

وۄرۍ وۄنُس جواب "بادشاہ صاب، تھاوتن یہِ پنٕنہٕ نِس کفنس کیٚتھ۔ یہِ ل

تہُندِس میتس پیٹھہٕ ییلہِ توہہِ مرغزارس گُن ننٕ۔"

یہِ بوٗزِتھ کھوٚت بادشاہس سخت شرارت۔ تٕمۍ سوٗچ زِ یہِ چھُ مےٚ دوہ

کران تہٕ موت کانچھان۔

"ئہ تھاوِ یہِ پنٕنہٕ نِس کفنس کیٚتھ" وُچھ کیاہ چھُ یہِ وَنان۔ "یہِ چھُ صاف زِ یہِ

شخص چھُ مےٚ مارُن یژھان۔ نیوٗن یہِ تہٕ ژٹیوٗس کلہٕ ہیر۔"

"بادشاہ صاب، بادشاہ صاب، ئہ چھسو توہہِ منت منگان۔ یہِ سزا رُکاوٕ

پنٕنہٕ نِس تیٚمِس غلامس دی توٚ کتھ کرنٕک اجازت۔" ژوٗرن دِژ یہِ کرٕکھ یُس اتہ

موجوٗ داوس تہٕ سائلِم کینٕہہ وُچھمُت تہٕ بوٗزمُت اوسُن۔

"دولہٕ ساوَن بزِ وِنہہ گُن ینتھ۔" بادشاہن وۄنُس۔

ژوٗرن کوٚر فریاد "میوٗن عرض چھُ زِ دۄوِ دِس پیٹھ کرِ ورحم۔ سہ چھُ ہر ساعتہ

خدایس یی منگان روزان زِ یا رخدایا میٲنی زبورٕ چھتھن بدکلامہٕ نِشہِ مگر اتفاقن کوٚر یہِ از

پٔژنی زیوٚ مار۔"

بادشاہن وۄن "اِد سا تہٕ ئہ کرِ أمِس معاف مگر أمِس پزِ ییمہِ پیور زیادٕ محتاط

روزُن تہٕ کانٛسہِ بادشاہس گوھہِ نہٕ مَرنس متعلق وَنُن۔"

(مسلمانن منزٕ رأتج کہأنی یوسہٕ ترتیب کارٕ سنٛدِ خاطرٕ فتح کدل

سرینگرٕ کی پنڈت بالک ٹوکن سوٚمبرٕ مژأس۔)

# ٹھگَن تہٕ ٹھگے

پَتھ کالہِ اوس اَکھ بارستہٕ تہٕ مالدار بادشاہا تیٚمی ہٕنٛدِس بجرَس تہٕ دولتمند آسنَس پیٹھ دُنیا رشک اوس کران۔ وارِیہو بادشاہو گَر ییہ تہٕ ازمایشہِ تُٕمس ہٕتی جنگ کرنچہِ مگر تِمو ہیٚو رتَس نِش یوٚت تانٛی زِتَس پانس باسَن ہیوٚتُن زِ کانٛسہِ اَکس چھنہٕ طاقت سُہ ہارناونک۔ ہتھہٕ کنٛز دِیُت نہٕ تُٕمی پننہٕ نس فوجس کُن تہٕ دیا ناوانا۔ اَتھ دوران اوس بیا کھ طاقتور بادشاہا تہِ یُس پننہٕ نس فوجس بڈٕ دیان دِتھ پوٚرتربیت اوس دِوان۔ تُٕمی ہیٚرٕ حالاتَن سام تہٕ کوٚرُن ارادٕ اُمس بادشاہَس ہٕتی جنگ کرنک۔ دوشوٕنی فوجَن لوٚگ اَکس بڈِس مأدانس منٛز مقابلہٕ تہٕ وارِیہَن دوہَن روٗدی ادرٕ یور بہادری سان لڑان۔ کینٛہہ َس وقتس باسیاو زِیہِ چھُ برابری ہُنٛد جنگ مگر چھیکرَس سپُد یہِ مالدار بادشاہ قتل تہٕ تُٕمی ہٕنٛدِس فوجس گییہِ چھلہٕ وٕدر۔ یہِ نوٚو بادشاہ ژاو وٕنی شہرس منٛز تہٕ تُٕمی ہٕنٛدِ بدلہٕ لوٚگ راج کرنہِ۔ تُٕمی گُر گوڈنیچ کأم یہِ زِ پرأنس بادشاہَس زنانہٕ تہٕ زُشرِ ژھٕنِن مُلکہٕ منٛزٕ کڈِتھ۔ مُلکہٕ منٛزٕ نیبر کڈنہٕ وِزِ آونہٕ تِمَن معموٗلی اوذقہٕ تہٕ دِنہٕ یِتھ زِ ملکانٛز اَس وٕنی دوگہٕ منٛزٕ رِ گرِتھ اَکھ سیر تو مُل دوہَس انان تہٕ ہُم زُشرِ اَسی تہٕ کینٛہہ ہا انان یہِ تِمَن پیٚچھِتھ میلہِ ہے۔

اَکہِ دوہہِ وٕنی مُلکانہِ اَکس نیٚچوٗس کِنہٕ خأطرٕ جنگلہٕ زیُن ژٕٹتھ والنہٕ

باپتھ۔ لہذا اگو وأمۍ سُند بۆ ڈھیوٚ نیٚچو تہٕ سُہ اوس زِیٛن ژٹنس ہِتۍ آوٗرزأتھۍ منٛز دۆچھ
دۆرِ پہَن اَکھ لوکُٹ کاروانا پکان یِمَن ہِتۍ کینٛہہ نفرأسۍ تہٕ اوٗنٹن تہٕ کاترٕن پیٹھ اوسکھ
سامانہٕ بٔرۍ بٔرۍ۔ یِم أسۍ نٔنۍ پأٹھۍ ڈاکو۔ لڑکہٕ کھوٚژ تِکیازِ تٔمۍ سوٚنچ زِ ہرگا تِمَن یہِ فکرٕ گو
اَتہِ چھُ کانٛہہ تِم ژٕھنَن مےٚ مأرِتھ اَمہِ کِنۍ کھوٚت سُہ أکِس کُلس پیٹھ تہٕ روٗد ہیوٚر کُن
ژوٗرِ۔ یہِ کاروان رُکیا وأکِس لوکچہِ پہرِ نِش یوٚسہٕ جنگلس منٛز أتھۍ کُلس نکھے اُس۔
تٔمۍ وُچھ زِ یِمَو نفرو واجہِ اوٗنٹو تہٕ کاترد پیٹھہٕ سامانہٕ گُنہٕ تہٕ ژانکھ أتھۍ پہرِ منٛز۔ پہرِ ہنٛد
درواز اوس اَکھ مأنٛترٕ پرنہٕ ہِتۍ پأنۍ پانے کھُلان تہٕ بند گژھان۔ تٔمۍ بوٗزۍ یِم مأنٛترٕ
ہنٛدۍ لفظ وارٕ پأٹھۍ۔ تٔمۍ وُچھ یہِ سورُے تہٕ مأنٛترٕ تہِ تھأوِن یاد۔ پانس ہِتۍ کوٚرُن
اِرادٕ زِ یِمہٕ ساتہٕ یِم ڈاکو اَتہِ نیرَن تہٕ بہٕ اَژٕ اَتھ پہرِ منٛز۔

صُبحس کیُتھ یِیلہِ یِم ڈاکو اَتہِ نیرِتھ دوٗر رُے، یہِ ووٗتھ کُلہِ پیٹھہٕ بوٚن تہٕ ووت
پہرِ نِش پتہٕ پٔرُن سوے مأنٛترٕ۔ درواز آو مُژراونہٕ تہٕ سُہ ژاو انٛدر۔ تٔمۍ وُچھ اَتہِ دوٗلتہِ
ہنٛدۍ انبار۔ سوٗن، روٗپھ، لال جوأہر تہٕ آرأیشہِ ہنٛدۍ سیٹھاہ موٗلٕلۍ چیز کأنٛہہ
مقدارس منٛز۔

تِمس یہِ اَمہِ خزانہٕ منٛزٕ أکِس اوٗنٹس بارِ لَدنُک سامانہٕ باسیاو سُہ تُلُن تہٕ أنۍ
وُچھن اَکھ اوٗنٹا گاسہٕ کھیوان تٔسۍ بوٚرُن یہِ۔ اَمہِ پتہٕ بییہٕ سوے مأنٛترٕ پٔرِتھ کوٚرُن
درواز بنٛد تہٕ دراو گرٕ۔ تٔمۍ ہِنٛزِ ماجہِ یِیلہِ نیٚچوِ ہنٛزِ اکہِ دُہہِ کمأے وُچھ سو سیٹھاہ
خوش۔

دوٚیمہِ دوہہٕ صُبحأے سوٚنچ أمۍ ہنٛدۍ لوکٕٹ بأے زِ بہِ تہِ کیازِ گژھہٕ نہٕ جنگل تہٕ

ازماو پنُن قسمت ۔ لہذا اگر تمی ژلی ژلی یہ مأنتھر یاد تہٕ دژاو۔ سُہ ییلہِ جنگلس منز ووت تہٕ کھوت پہر نگھہٕ تل کس تتھی گلس تہٕ رُو دصہٕ سان ڈاکو ہَن ہنٛدِس ینٛس پزاران۔
شامہٕ بروٛنہہ پہَن گے تم تٔرتہٕ تمن آسہٕ واریہہ خزانہ بٔرتھ گنہٕ ستی۔ پہر نش وأتھ ژاے تم پرأنی پأٹھی مأنتھرِ کنز اندر۔ تم سپدی اَتہٕ سخت حأران تہٕ نارو نار ییلہِ تموٛ یہِ وُچھ زِ کُس تانی چھُ اورژ امُت تہٕ اَتہٕ چھِن کینٛہہ چیز نٔمتی۔ تموٛ کھے قسم ناس زِ تیمی اَکی یہِ کوٛرمُت آسہِ تمِس ہمو تیٛتھ انتقام یُتھ یاد پِیٚہ رروز بس۔ تموٛ ووٛن تہٕ تہِ زِ گلس پیٹھ موجوٗ دشہزادس ژُ ژھ سبٹھاہ زیاد تھر تھرِ تہٕ سوچُن زِ مے کوسہٕ شہمت آییہٕ یور آیاس۔
صُبحس کیٛتھ دژاے ڈاکو تہٕ تتھے تم دوٗرسپدی تہٕ لڑکہٕ ووٗتھ گلہِ پیٹھہٕ تہٕ گوو پہر نشہِ۔ تمی پٔر مأنتھر ییمہٕ ستی درواز مژ راونہٕ اوس یوان۔ درواز آو مژ راونہٕ تہٕ سُہ ژاو اندر۔ مگر افسوٗس، درواز سپد تمہٕ وِزِ بند ییلہِ سُہ وُنہِ اندرے اوس تہٕ واپس اوس نہٕ مژ راونہٕ یِوان یُدوَے زَن تمی کربکہٕ تہِ دِژ یوٗت تانی تس ہیٛرتہٕ لوٗگ۔ سُہ اوس نالہ، آہ وزأری تہٕ منگہٕ منگ کران زِ سُہ گژھہِ نایلہِ۔ ظأہر چھُ زِ یہِ بچوراوس مأنتھرِ منز کینٛہہ تراوان یاہر اوان ییمہٕ کنز سُہ اَتھ تاونس لوٗگ۔ تس کیاہ آسہِ ہے أندرِ اندرِ گزران ییلہِ سُہ ڈاکو ن ہنٛدِس ینٛس تانی گرِ آسہِ ہے گٔزران۔ تس اوس ذیہنس منز یوان زِ تم کیاہ کرن مے ستی ییلہِ تم مے یینہ وُچھن۔
شامہٕ بروٛنہہ پہَن بوٗزتمی نبری کنز پکُن تہٕ أتھی منز آو درواز مژ راونہٕ تہٕ ڈاکو ژاے اندر۔ تہنٛد بن بتھن پیٹھ زَن آیہِ درندگی ہنز ہش چمک ییلہِ تموٛ یہِ لڑکہٕ کھوکھشہِ کھوکھشہِ أکِس کوٗنس گُن پکان تہٕ وَدان وُچھ۔ "اوہو"۔ تموٛ ووٗن حأرانی

تہٕ خۄشی سان۔ "یہوے چھانسہٕ ژۄرییمی سأنس ٹھکانس منٛز اژنک جرات کوٗر
یۆ ہے چھُ۔ وۄنی کروس پھٔلی تہٕ چھکوکھ أندی پکی یتھ زَن دۄ ییمن ہنن روزتہٕ
کأم گَرَن نہٕ۔" تمو کوٗر پزے یی۔ تکیازِ تم أسی رَتہٕ کھاوتہٕ جذباتو رۄس۔ یہ
پَتہٕ تر أو تمو ہنٛدر۔ دۄ ییمہِ دوہہٕ دژ اے تم دوہدِ شکی پأٹھی پَنہٕ نس لوٗٹہٕ کارس تتھ پأ
زَن نہٕ کینٛہہ سپُد مُتے اوس۔

تہنٛدِ اَتہٕ نبر آسنس دوران آو تسنٛد زٕیٹھ بوے یہ وُچھنہٕ زِ تہنٛدس بأ
ستی کیاہ سپُد تہٕ بیہہ کی سنٛزسَن تلنس منٛز مدد کرنہٕ خأطرٕ۔ مگر ییلہِ تمی اَتہٕ أندی پکی مأز
چھکرِتھ وُچھ تمس سپُد تیتھ دوکھ یُس نہٕ باونہٕ ہیکہِ یتھ۔ "تم گرٕھن وۄنی أ
مۄرٕنی" یہ ؤنتھ پرٕن مأنتھر ییمہِ ستی پہرِ ہُنٛد درواز مۄرٕ راونہٕ آو تہٕ ژاو اندر۔
سۆمبری تم سأری موٗللی چیز ییمن تس اتھہٕ پیٚل تہٕ برِن أکس بوہرِ امہِ پتہٕ کرٕ تمی بیاکھ
بُہری پہرِ نیبرٕ کنہِ خأنی تہٕ برٕن اَتھ منٛز بأے سنٛزِ لاشہِ کرنہٕ آیتی پھٔلی۔ دُبارٕ مأنتھر
پرٕتھ کوٗرن درواز بنٛد تہٕ دۄنوے بوہرِ پھکیس پیٹھ تلتھ دژاو گرٕکُن۔ گرٕ واتتھ برٕ
ییم پھٔلی کپرس تہٕ سُوتھ کوٗرن دفن۔

تمہِ دوہہٕ شامَس ییلہِ ڈاکو آے تہٕ تمو وُچھ اَتہٕ کیاہ اوس سپُد مُت۔ تمن
کھوٗت سخت شرارت۔ فأصلہٕ کوٗر کھ زِ أسی لبون یہ ژۄرتہٕ یتھ پیٹھ کوٗرکھ قسم زِ توت
تأنی دِمو نہٕ وۄنی کأنہہ سَن یۆت تأنی نہٕ تم اَتھ مقصدس منٛز کامیاب سپدَن۔ تمی
شہرتہٕ رۄدی بازرٕکین مختلف حِصَن منٛز یتھ زِ یہ ٹُنی راوَن زِ کأنہہ تیتھ شھاماچھ انہ
روزان یُس کالہٕ پکھے امیر آسہ بنیو مُت۔ یمو منٛز سمکھ أکس ڈاکوس نہٕ ہرٕ ییم تمس

شہزادس خاطرٕ کفن اوس سُومُت یُس ژھل کٔرِتھ مارنہٕ اوس آمُت تہٕ تِمی ہے نِش بۆ زُن زِ أمِس لڑکہ ہنزِ ماجہِ تہٕ بأپس چھِ باسان حالےٕ وار یہہ دیار مِیلِہ متی مگر کتھہٕ کنِہ تہٕ چھُنہٕ پتاہ۔ کینِہہ لۆکھ چھِ ونان زِ تِم اُسی شاہی خاندانکی بأژ مگر مےٕ چھُنہٕ تتہٕ پتاہ۔ اَمہِ مطأبق گوو یہِ ڈاکو تہٕ لۆبُن سہ مکانہٕ ییتہٕ مُلکأنی تہٕ شہزأدٕ روزان اُسی۔ تِمی تھوو اَتھ نشانہٕ ییتھ زِ سہ اَتھ دُبارٕ لُبتھ ہیکِہ تہٕ اَمہِ پَتہٕ دزاوٕ لی ژٕلی ییتھ باقے ڈاکون أچھ شِیچھ واتناوِ۔ وۆں گوو قسمتہٕ کِنی اوس شہزادَن یہِ نشانہٕ وُچھمُت تہٕ اَمیُک مطلب اوٗسُس فکرِ تۆ رمُت تہٕ تتھے ہیوٗ نشانہٕ بنوٗون أندری پکِہ کِمن وارِیہن مکانَن۔ ییتھہٕ کنِہ ژٕلی اَمہِ ہتی ڈاکو۔

تِمو وۆن "یہِ منصوبہ چلہِ نہٕ اَسہِ منٛزٕ پزٕ ہے أکس أمِس شہرس نِشہٕ گوڑھتھ یہِ نٛزر اُون زِ یِم لۆکھ کتہِ چھِ روزان پَتہٕ اوس اور گوڑھتھ یِمن ہتی دوستانہٕ لاگُن۔ تتھے کنِہ میلہِ ژٕلی ژٕلی شہزادِ تورِکُن سوزنُک موقعہٕ۔

اَتھ کتھہِ پیٹھ گےٕ ساری متفق تہٕ اَمہِ کامہِ خاطرٕ کۆر ریمۆ ڈاکو جماٗژہنٛد زِ ییتھ مُقرر۔ تِمی لوگ ژٕلی ژٕلی شہزادِ تہٕ تِمی ہنزِ ماجہِ ہتی دوستانہٕ تہٕ پزٕ بتھ وِزِ أسی تِمی ہندِس مہمان بَنہٕ نَس تِم خوش سپدان۔ اکِہ دوہہ گوو أمِس ماجہِ أمی ہندِس کوٹس تل ژوٗر تھوومُت اَکھ خنجرٕ نظرِ۔ اَمہِ تلہٕ بییہٕ أمی ہندبو اکھ دوٗیہ چیزٕ وٕہتی یِم تِمہٕ اَمہِ پَتہٕ محسوٗس کٔری باسیاو تَس زِ یہِ نفر چھُنہٕ دوس بلکہِ دشمن تہٕ اکھ ڈاکو۔ تِمہٕ یۆ ژھ زِ أمِس نِشہٕ گوڑھ چھُھ ووٗتُنی۔ اَمہِ کیٛسے نتیجس منٛز وۆن تِمہٕ اکِہ دوہہ پَنہٕ نِس نیچُوس تہٕ أمِس دوستس زِ یہٕ نٛزٕ توہہٕ دٕوہہ کُنہٕ تہٕ تِمو تہٕ مون یہِ۔ تِمس اُس اَتھس کتھہٕ اَکھ کرتل ییتھ سو سبتھے شاندار

طریقہٕ ِگلوان اُس۔ سو آیہٕ ڈاکوس کُن تہٕ لۆت لۆت تہٕ سۆم سۆم رٕژ سوأ کر
بأُتس مطأبق گراے دِوان یۆت تاںٔ تَس موقعہٕ وَنہٕ آو تہٕ ڈاکوس بتھِ یتھ تُجنس کلی
ہیر۔

شہزادِ کھۄژ، تٔمی وۄن حأران ہیۄ گژھتھ "یہِ کیاہ کۆر تُتھ ژٔے موجی۔"
"مےٚ بدلأ وصرف دوستس ستی جاے" تمہِ وۄنُس "ژٔے مارِہی یہِ تمہِ بدلہٕ
مورمےٚ پہوے۔ رَٹھؤ چھ یہِ خنجر یِمہِ ستی یہِ ژٔے مارِہی۔"
شہزادَن وۄنُس "موج ئہ کرہکےٚ ژٔے نکھہٕ وأرِلتھ تمہِ نظرِ گذرِ خأطرِ یوسہ
ژٔے تھاوان چھکھ مےٚ أسنہٕ أمِس منٛز کانٛہہ کوٹھ کھوٹأے وَنہٕ یِوان۔ مےٚ اوسنہٕ
زانٛہہ أمِس یہِ خنجرؤ چھمُت۔ یہِ آسی ڈاکوِ ے منٛزا اَکھ یُس مےٚ یِہُند خزانہٕ لوٹنہٕ خأطرٕ
بدلہٕ ہیٚنہٕ آمُت اوس۔

ییٚلہِ ڈاکوَو پَنٛنِس سرغنہٕ سنٛدِ مارٕ گژھنٕچ خبر بوٗز۔ تِمو بأگرِوو پانہٕ وأنٛ ژرٕ
مال تہٕ گٔے پَنٛنِس پَنٛنِس گامَس۔ أمی جوان شہزادَن کۆر رکھاندر تہٕ بٹیاوأ کھصراف
تہٕ رٕ دیا پرجأیی پراوان۔

(راوی: شِوبایو، رٕنی وور سرینگر)



# نوجوان زٲری سوداگر

پَتھ کالہِ اوس اَکھ سبٹھا بارسۍ امیر سوداگر۔ کینٛہہ چھِ ونان زِ سُہ اوس کاشُر تہٕ سرینگرِ اوس روزان۔ کینٛہہ چھِ ونان سُہ اوس دوٗرِ کیتہِ تانۍ پیٹھہٕ آمُت۔ ییٚلہِ زَن ییٚہ کینٛہہ ییہِ مانأنۍ چھِنہٕ زِ اَتھ دٔلیلہِ کیاہ چھُ کٔشیرِ ستۍ کانٛہہ تعلق۔ مگر وۄن گوو ییہِ ہیٚکہِ أستھ تہِ تہٕ أسۍ بوزو دٔلیل تہٕ پتہٕ کرِ و پانے فأصلہٕ۔

خأر أمِس بارستہٕ تہٕ امیر سوداگرس اوس اَکھ داناتہٕ پوٚر مُت لیوٚ کھمُت نیچو۔ مگر افسوٗس زِ ییہِ نیچو اوسُس پکہٕ زأرک۔ سوداگرس اوس نہٕ فِکری تران زِ أمِس کیاہ گرِ۔ تٔمِس ییتہِ کُنہٕ پیٚنساہ یا کینٛہہ موٗلُل چیز بَنہِ ہے تتھ اوس نیٚچو زار گنڈان۔ تٔمِس آو ییہِ وَننہٕ زِ ییہِ چھےٚ نادأنۍ ییتہِ آو سمجھاونہٕ زِ ہرگاہ سُہ اتھ باز آونہٕ تمہِ ستۍ گژھِ گرِ تہٕ کاربار بُرباد۔ یار دوستو تہِ کرِ ہس لولہٕ سان تہٕ تأکید کرِ تہٕ نصیحت مگر اَتھ دژاونہٕ کانٛہہ نتیجا تکیاز تٔمِس اوس دوہہٕ پتہٕ دوہہٕ زأرک پٔشکہ ہران۔

اَمہِ کتھہِ اوس سوداگرس أندری ہبہٕ، أمۍ دٔ کھن اوسُس کمبر پھٕٹر وومُت تہٕ ڈیکس أمِس گیٚیِن ہنٛز موہر ہیٚمِر تہٕ پکنہٕ وِزِ أمِس زنگن نٹھ نٹھ گژھان۔ اَمہِ تفریقہٕ اوس سُہ قبرِ بُٹھس وۄتمُت۔ یوسہٕ سبٹھاہ ژٕر دولت تٔمۍ تجارتس منٛز زبردست

ہوٚنرِ تہٕ خرچن منٛز کفایت شعأری ورتاوِتھ سوٚ مبرأ وۄٚژ اَس سۄ اُمِس زأرکۍ ہنٛد
اَتھَس منٛز لگِتھ یُس اُمِس پننیٚ نیچو اوس آنن فأنن ختم گرٕھنُک تصور اوس تُمۍ ہنٛد
ذیہنَس تلواس ٹُلان تہٕ مَژراوُسَس یِوان۔ اَتھ آفژِ کیاہ تدوُرک ہیکہٕ سپدتھ
دٕکھُک دورٕ پیٚتھ وۄن تمۍ اَکِہ دوہہٕ زِ اُمِس زأرکۍ ہنٛدِس اَتھَس منٛز یہٕ دولت لگ
نِشہِ یُس اَتھ اَکرِ ہے دوہَس چٹھ گرِ چھُ یہِ بہتر زِ بہٕ دِ برأوِ یہِ میٛژ تل۔ مےٚ چھُ یا
بہٕ کیاہ گرٕ۔ بہٕ تھاوٕ پننہٕ روپیہ تہٕ قیمتی چیز زمینس تل ژٕوٕ رِتہٕ یِیمہٕ گتھِ ہُنٛد دِمہٕ باس زٕ
چھَس نہٕ تیۄت امیر یوٚت لُوکھ سوچان چھِ۔ بہٕ گرٕ خرچَس منٛز کمی تہٕ ییلِہ بہٕ مرٕ تہٕ باہرٕ
اُمۍ چھُ پنُنہٕ نٔنِ پنہٕ والنِن کیُتھ کیٚہ کینژھاہ تھ کُن تژ وومُت۔"

ییلِہ تمِس موقعہٕ آو تمۍ کھَنہِ مکانہِ کِس بُنہِ مِس پوہ ہرس منٛز سنبن سنبن کمرن منٛز
کینہہ کھوٗ۔ تہٕ پُٔن سون تہٕ مال و دولت تژ وۄن یمنیٚ منٛز۔ پتہٕ یمہٕ حبہٕ سان ژٕ
رأوِتھ بنوۄن یہُنٛد اَکھ فِرست تہٕ فِرست بوٗ رُن اَکس کرٕھہٕ گرس منٛز تہٕ ژٕن یہٕ
پننہٕ نوشہِ تہٕ وۄننس "یہِ تھأوی زِ حبہٕ سان رٕ ژھرِ تھ تِکیا زِ یہِ چھےٚ چأنۍ بند پژھ تہٕ ہرگا
میأنہِ مرنہٕ پتہٕ چأنِس خانہٕ دارَس سخت ووگتہٕ آو تیلِہ ہیکَکھ ژٕ یہِ تمِس کنہٕ خاطرٕ
دِتھ۔"

اَمہِ پتہٕ لوٗتیا وہیٚو یہِ بزرگ سوداگر تمِس گنیہِ پژھ زِ یُس کم قلیل جایدادٕ تہٕ
پیٚسہٕ ٹوٗنک تمۍ ہنٛدِس نیچوس تمۍ کۍ ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ میلہِ سہٕ ژھِنہِ سہٕ کمہٕ ہے کأمس منٛز موکلاوِتھ
تہٕ پتہٕ تربس غربی ہنٛز سختی فکرِ اوِ دِیُس میأنۍ نوش پُٔن یہِ کرٕھ گرتہٕ ونبس تہٕ یہِ اَژ
ہنٛدی مأکی اُمِس اوس وُنیتھ تھووُمُت۔ کرٕھہِ گرِ مُژرِتھ وُچھُ سہٕ قیمتی چیزن ہُنٛد فِرست

تہٕ کھوٚ ومنز یم کڈتھ بنہٕ سہٕ بیٚیہٕ امیر تہٕ امہٕ پتہٕ ترٛ اوِسہٕ شاید زار گنڈن تہٕ گذارِ سو کھ تہٕ خوٗشی سان باقے زندگانی۔

اَمہٕ پتہٕ کیٚمے کالی گژھ ریا وسوداگر۔ شہرن کوٗر ماتم، یہنٛدِس خاندانس سیٚد دوکھ تِلکیا زِ اُمِس بزرگس اوس ہر کانٛہہ احترام کران تہٕ ٹوٚٹھ زانان۔ تِہنٛدی نیٚچوی کوٗرنس ریتی تہٕ ربوایتہٕ مطابق داہ سنسکار تہٕ تہٕ شرٛادھ تہٕ ہاوِن۔ مالی ہنٛدِ مرنہٕ پتہٕ رؤد برابر دٔہن دوہَن پِنڈ دان کرہان۔ اَتھ دوران دِژ تٔمی پترن ترٛلیش تہٕ۔ پنٛڈ ترٛاوِن کولہِ منز۔ کٔہمہِ دوہہٕ ہووُن بوٚڈ شرٛادھ۔ یم برٛہمن شرٛادھ وغارٕ ہاونہٕ خاطرٕ انہٕ اُسی آمتی تم آے بوٚ زَن (کھمبن) کھیاوناونہٕ۔ تمام ورگن ہنٛد بن بیچھہٕ وِنن آے دِیارتہٕ دِنہٕ یم امی غرضہٕ بڈِس تعدادس منز کھیٚچھو کھیٚچھو اور آمتی اُسی۔ شبن رتبن آے باقاعدٕ پاٹھی شرٛادھ ہاونہٕ۔ پزٕ بتھ شرٛادس پیٹھ آو دان تہٕ کرنہٕ تہٕ لُکھ آے کھمبن بیترٕ تہٕ کھیاونہٕ۔ اَوٕ کنی گژھو نہٕ اُسی یہِ بوٚ زِتھ حاران زِ یہِ سورُے کرنہٕ پتہٕ بیلہِ نوجوان باپارکی پننہِ دٔھن دولتہٕ سام ہیرٛتہٕ ہیٚنٛ تَس سیٚد احساس زِ دوٗنی اُسنہٕ تَس نش کھٔنڈ ہارتہٕ۔ وۄنل کیاہ بنہِ ہے مالی ہنٛدِس تہٕ تٔمی ہنٛدِس پننہٕ نِس قرضس تہٕ بیٚیہٕ تِتھ بڈِس خرچس یُس تٔمی ہنٛدِس مالی ہنٛدی اُخری رسم تہٕ شرٛادھ کرنس پیٹھ سیٚد۔ پزٕی کنی اوسنہٕ تَس نش تِیتھ کہنی یتھ سہٕ وَنہٕ ہے یہِ چھُ میوٗن۔

پننہِ اَتھ بدحالیہِ منز گوٚو سہٕ ماجہ نِش مگر تمہٕ تہٕ ہاوُس کیٚمے ہمدردی۔ صرف گرٛنس پزٕ انہِ کھوٚتہٕ تہٕ ژٕرِ ے بوٚ اَری زِژنے ماتتھ نہٕ مالی ہنٛز نصیحت۔

"واے مے کیا زِ ترٛ اوے نہٕ پننی اترٛ اُپھل یمہٕ کنی میوٗن ٹوٚٹھ مول وٕلی وٕلی

گۄزریاوتہٕ یِمہٕ کِنۍ بہٕ تہٕ میٲنۍ اہل وعیال بُرباد سپُد"۔ تٕمۍ وۄنُس
"اَتھ چھُنہٕ وۄنۍ کانٛہہ مطلبے یِہ گوو شال ژٕلتھ ہٹھن لورِ۔" وۄنُس ماجہِ۔
"کروۄنۍ حوصلہٕ تہٕ گنٛڈ کمبر، محنت کرتہٕ فضوٗل خرچی ترٛاۄتھ پرٛاوِنہٕ
مقام"۔ "آ" جواب دِتُنس۔ "بہٕ ترٛاوِ یِہ زار تہٕ سخت محنت کرٕ تہٕ پوٗنسہٕ تہٕ بچاوٕ تہٕ
کینژھاہ میٛ پتھ پَلہِ سپد تہٕ سایٔلم سوزٕ ے بہٕ ژیٚے۔ مگر فلحال وَنتہٕ میانہٕ آشنہٕ زِ سو گوو
تانی مالِنۍ بیٚیہٕ تَس جان کھِمن چھن، پلو دلو بَین تہٕ تہٕ وُچھنس واچھنس۔"
پَتہٕ گو وسہ زنانہٕ نِش تہٕ کوٚرنَس روخصت۔ پنہِ اچانک روخصتی ہُنٛد ہ
بوٗزِتھ پلنو تمہٕ اُمس سونہٕ سُنٛد کرٛہ کرتہٕ وۄنَس تہٕ سایٔلم یِمہٕ موٗجب یِہ اُمۍ ہِنٛد
مالی اُمس اوس دِتمُت مگر اُمۍ روٗدُس نہٕ یِہ تِکیاز اُمۍ ہِنٛدی مالی اوس یِہ تمس دِتمت تہٕ
بیٚیہٕ سوٗچن زِمے مانیٚر اَمہٕ ستۍ بیٚیہٕ پرٲنۍ کُل" تہٕ امہٕ ہریمانہٕ یِہ کتھ زِیِہ چھےٚ ژٕنے ہ
پرٛھزِنگی دِنہٕ آمُت" وۄنُس یِہ تمۍ۔
لہٰذا ادٕ ژاو وۄنۍ یِہ جوان سوداگر زندگی ہِنٛدِ خاطرٕ رونہٕ زونہٕ کِس تلاشس
منز۔ زنانہٕ سوٗزن مالِنۍ تہٕ موج روٗزِس گرس وُچھنہٕ واشنہٕ خاطرٕ تہٕ بیٚیہٕ تمن کینژن
چیٖزن نظر گزرِ خاطرٕ یِمہٕ اَتہٕ موٗجوٗد اُسۍ تہٕ ہِنٛد رکِتھ اُس پٔنُن رونہٕ زونہٕ کران۔
سہٕ روٗدوارٕ یہِس کالس اوریور پۄرۍ مینان یوٚت تانۍ سہٕ اَکِس شہرس منز
وۄت۔ اَتہٕ میٖج اُمس اتہٕ کِس اَکِس بڈس سوداگرس نِشہِ نوکری۔ گوڈٕ گوڈٕ باسیہ
اُمس یِہ سبٹھاہ مشکل تہٕ کُڈر کام تِکیاز سہٕ اوس خانہٕ ماجرٕ سان پالنہٕ آمُت تہٕ نوکری
کرنُک اوسُس نہٕ عادت مگر وارٕ وارٕ ییٚلہٕ مالِکس اُمۍ سنٛز پرٛھہش پتھ تہٕ دِژٕ تمس

ہُرتہٕ تھٔرٕ ے پٔہن ذِمہٕ دأری تہٕ ترتھہٕ کِنۍ ہیوٚتُن سُہ وۄنۍ خوش روزُن۔ سُہ اوس برابر پننہٕ کمایہِ ہُنْد اکھ یوٚ ڈٕ حصہٕ ییٚمہٕ ارادٕ تِلتھ تھاوان زِ سُہ سوزِ یہ ماجہ۔

اکہِ دوہہ وۄن تَس پننِ مأ لِکن نِچوِ ہِندِس کھاندرس متعلق یُس جلدٕ ے سپدن وول اوس۔

"بےٚ چھُ أمِس کھاندر طے کوٚرمُت" تَمۍ وۄنُس "أکِس امیر سوداگر سنٛز دۄ ییمہِ کورِ ستۍ یُس تتھی شہرس منٛز روزان چھُ ییٚتہِ پیٹھہٕ ژٕ آمُت چھکھ۔"

یہٕ امیر سوداگر اوس پوٚتولاکن أمۍ سے نوکر سُنْد ہیٚیہٕ بابہٕ تہٕ تَمۍ سنٛز دۄییم کوٗر أس أمۍ سنٛزٕ ے سال۔ وۄں گوو أمۍ لوگ ڈیوٚلُے تہٕ اَتھ متعلق بأون نہٕ ییمہٕ ہُر یمانہٕ کانٛہہ دِلچسپی زِ اَتھ منٛز أس أمۍ سِنْدِس مأ لکہٕ سنٛز خوشی تہٕ لوکٹس آغہٕ سنٛز بجأیی تہٕ خوٚشی۔ امی کِنۍ اوس اَتھ دوہَس ژھوپہِ کٔرِتھ پڑاران۔

مُقرر کرنہٕ آمتِس وقتس پیٹھ دراے أمۍ سُنْد آغہ، لوکُٹ آغہٕ، کینٛہہ انگ أشناو تہٕ یار دوست مہرنہٕ ہُنْد گرُکن یوٚت تم خأرساپنے وأتی۔ یہٕ یعنے گُزریمتس سوداگر سُنْد نِچو تہٕ اوس یمَن ستۍ۔ تموٗ وُچھ اَتہٕ گرِی گرِ پھوے مُنتشر ہیوٚ۔ یہٕ وأ لِس موقس خأطرٕ تیأر ییہٕ آسہٕ بٔڈس پیمانَس پیٹھ مکمل ہوان سپدنہٕ تہٕ نوکر چاکر أسۍ لنٛد رٕ نبر تہٕ نیبر لنٛد رکران تہٕ نیبرٕ گنہِ أسۍ پژبتھ قسمہٕ کین لوٗکن ہُنْد ارساتھا تماشہٕ تہٕ نچٕأیشہٕ ہنٛزِ دومیزٕ پراران تِکیا زِ ییم أسۍ امیر تہٕ مُلکس منٛز أسۍ نامدار۔

ییٚلہِ کالُک بتہٕ ترٛاونہٕ اوس یوان تہٕ سأری کھینہٕ خأطرٕ بیٹھی یہٕ نوکر یعنے گزریمتس سوداگر سُنْد نِچو تہٕ بیوٚٹھ پتھر مگر تِمس أسۍ تمۍ دوہدشکہٕ کامہٕ کارکی پلوٚو تہٕ

بیؤٹھ سارِنے پۆتُس تہٕ سارِنے بۆن گُن۔ تٔمی کوٚر یہِ سأئلم فخرتہٕ اعتمادسان سٕہ اوس
پَنٕہ نِہن امیر رشتہٕ دارَن نِشہِ پَرزناونہٕ یُن یژھان وۄں گوو پٔنٕز ٹاٹھ زنانہٕ دُبارٕ
أمِس خاہِش۔

بہرحال تہٕ وُچھ تٔمی پٔنٕز زنانہٕ تہٕ سوٗ اُس کھبنہٕ چِن کِنِن انتظامَن وُچھان
واشان۔ تٔمی سِندِس وَنس تحت اُسی نوکر کھسِن چِن اور یوٗرواریَہن پرٔھسِن بأگراوان تہٕ
داتناوان۔ یِیٚلہِ أمِس ورأے سارِوے کھبن چِن موکلوو تٔمی وُچھ زِ سوٗرے ماز اوس
کھبتھ موکلاونہٕ آمُت تہٕ صرف اُس سبزی تہٕ بَتہٕ پتھ کُن بچوٗمت۔ تہٕ گرتھ وۄن نہٕ تٔمی
کہنی یُدوَے زَن أندری أندری أمِس دِل اوس دوکھہٕ زد۔ اَتہِ اوس تیٚتھ کھبن چِن
یُتھ بادشاہَس لایق اوس تہٕ أمی سٕنز پٔنٕز خوٗ بصورت زنانہٕ اُس أمِچ انتظأمی مکرامہٕ منٛز
اوسنہٕ أمِس خأطرٕ کہنی حالانکہِ باقیو سارِوے یِموٗ منٛز واریَہہ شِکس لد تہٕ أمِس نِشہ
یِوٚن درچکی اُسی تِمو اوس یِڈ بٔرتھ کھیوٗمُت۔ زن تہٕ سٕہ لرٔھہِ اوس گوٗمت تِتھے پأٹھ
اوس سٕہ مَنساونہٕ تہٕ مُشراونہٕ آمُت۔ آ۔ بٕہ تُلہٕ پٔژن یہ لو یہ ہُند بَتہٕ تہٕ سبزی تھال تہٕ یُر
پٔرٔھی گُٹھہِ منٛز تہٕ ہیرِ بۆن وٚستھ وات تہٕ آنگنس منٛز تہٕ پَتہٕ یہِ کھبنہٕ تھال دارِ دَمس ہتھ
تھأوِتھ دِمہٕ ڈُلن تہٕ گرِ وَدِنا۔

گأنٹہِ کھنٛڈی ہیوٚت پرٔھو نیرُن مگر یہِ بچور اوس أتی ودان اُخرس یِیٚلہِ رأژ
ہنٛدی گأنٹہٕ جوراہ گٔے تٔمی سٕنز زنانہٕ آیہِ آنگنس منٛز تہٕ وُچھن زِ واریَہن ہچھونِہن تہٕ اَتہٕ
سمیمتِہن آدکھبن بأگراونہٕ تمہِ کوٚر أکِس نفرس آلو تہٕ وۄنس ژٕ پٔژار دروازس نِشہ
تِکیاِ زِ ژٕے چھے کامہِ رژھا۔

سو ژایہِ واپس گرٚس اندر رتہٕ اور اوٗنٕن اکھ لالٹین زاٗلتھ تہٕ بیٚیہِ بیا کھ بوٚڈ لوٚیہِ ہُنٛد تھال یتھ منٛز مِٹھایہِ تہٕ باقٕے ضیافژ برٕتھ آسہٕ یہِ تھال پلنوٗن اُمِس نفرس تہٕ وۄنٛپنس وولہٕ مےٚ پتہٕ پتہٕ۔ اُمہِ نفرن تُل یہِ تھال پھیکِس پیٹھ تہٕ دژاو اُمِس پتہٕ پتہٕ۔ گُزریمتس سوداگرٕسنٛدی نیٚچوِ ی اوس یہِ سأرُی وُچھمُت تہٕ بوٗزمُت سُتہٕ دژاوٕیمَن شک کرنہٕ ورأے پتےٚ۔

وَتہٕ لوٗگ اُمِس نفرس ٹھوٗنکرٕ تہٕ لوٗگُس دب۔ مِٹھایہِ تھال تہٕ پوٗتھرٕ تہٕ پھُٹ تہٕ یہِ کینژھا اَتھ منٛز اوس تہٕ آو چھکراونہٕ۔ اَتھ پیٹھ کھوٚت اُمِس زنانہٕ سخت شرارت تہٕ کرٕن اُمِس نفرس اُمہِ سنٛزِ لاپرواٗہی پیٹھ زبردست اُڈزاٗڈتہٕ ووٗنُس پگہ وۄنۍ وٗلی وٗلی مےٚ سٟتۍ واپس تہٕ اَن نوٚو تھال۔ یِم دوشوٚے گےٚ واپس تہٕ اوٗنکھ بیا کھ بٕرتھ تھال یہِ گزریمتس سوداگر سُنٛد نیٚچوِ رٕوٗدژھوپہٕ دَم کرٕتھ اُتی پژراران یوٚت تانۍ یِم واپس آے۔ اَتھ دوران اوس سُہ مگر زبردست غوطَن گوٚمُت زنانہٕ ہُنٛد یہِ عجیب ورتاو وُچھِتھ اوس سُہ تژٕہن تہٕ تژٕ واہَن گوٚمُت سوچان اوس سُہ کُس چھُ یوٗت ٹوٗٹھ اُمِس زِ اُمہٕ تژٕ دوپُن گھنٛڈٕ رتہٕ آرام، پنٕنہٕ عزتک تہٕ تھوٗن نہٕ خیال تہٕ مأکۍ سُنٛد تہٕ رٕوٗدس نہٕ کانٛہہ بیم تہٕ بیٚیہِ پھیر دُبارٕ مِٹھایہِ تھال اَننہٕ خأطرٕ واپس گرٕ واپَس یُتھ زِ اُمِس نفرس گژھِہ نہٕ کانٛہہ مایوسی۔

جلدٕ ےوأتی یِم اوٗتتھ واپس۔ زنانہٕ اُس بژ وۄنٛہہ بژ وۄنٛہہ لالٹین ہیتھ پکان تہٕ اُمِس پتہٕ پتہٕ اوس سُہ نفر مِٹھایہِ تھال ہیتھ۔ یِم تِتھےٚ اُمِس بژ وۄنٛہہ پٕہن درائے تہٕ سُہ رٕوٗدیمَن دوٗرٕ ےپٕہن پتہٕ پتہٕ پکان۔ ووٗن وأتی یِم بیٚیِس اَکِس بٔڈِس سوداگر سُنٛد

گرٕ۔ اَتہٕ روٗٹ اَمہِ زنانہِ یہِ تھال تہٕ موٚہنوِس ووٗنُن نیرٕ تہٕ پانہٕ کوٚرُن دروازٕ ٹھک۔

اَچھا اُمِس سوداگرس اوس خبر گَتھ پیٹھ زبردست شرارت تہٕ سُہ اوس یژھان زِ کانٛہہ کَرِ اَمہِ ساتہٕ اُمِس مداخلت لہٰذا ایٚلہِ تٕمۍ دروازٕکس یہِ ٹھک ٹھک بوٗزٕ آو ہیکہٕ اورٕ تہٕ تٔرٕ ووٚنُس لورِ دَب اکھُتے گَجہِ نَس اَمہِ غأر مُنأسِب وَقتہٕ اور یِنَس تہٕ اُمِس پریشان کرنس پیٹھ ناسز الکہٕ۔ اَمہِ لورِ ٹاسہِ ستۍ پھُٹ سُہ کٔژھہٕ کرتہٕ یُس اُمِس بٔڑ ہیہٕر بابن مَرنہٕ بڑٕ وٗنہہ دِتمُت اوس۔

تَمہِ ووٗنُس ''میانہِ رفیقہٕ تہٕ شفیقہٕ، یوٗت ناراض مَہ گژھ۔ اَتھ منٛز چھنہٕ کانٛہہ راہ زِیہِ واٗژِس یوٗت ژٕ یرِ مےٚ اوس اَز بیٚنہِ کھاندرتہٕ بہٕ ییٚلہِ یورگُن یکان اُسس مےٚ اوس اَکھ ارچُوکھا ستۍ یُس مےٚ ژےٚ خاطرٕ مِٹھاے وِتھاے تکنہٕ خاطرٕ وننیا وادٕ تٕمِس لوٗگ ٹھوٗنکرتہٕ دِژٕن سوداٗرِتھ پَتہٕ ہیوٚ مےٚ واپس گژھُن تہٕ نُو (مِٹھاے) اَنٛنۍ۔

اَمہِ پَتہٕ کٔر سوداگرَن ژھوپہٕ تہٕ زنانہِ تہٕ یوسہٕ وُنہِ خوفہٕ کنہِ دروازس ہیکہ اُس۔ تٕتھۍ تجُن کٔژھ کرچہِ پھُچہٕ کھنٛجہِ تہٕ ژاہہِ لئندر۔

تٕمۍ سُند خانہٕ دار یعنے گورِیمتس سوداگر سُند نیچو ووٗت لوٗت لوٗت کھٕش کران دروازَس نِش تہٕ بیوٗٹھ اَتی۔ تٕمۍ وُچھ یہِ سوداگر تہٕ زنانہٕ یکجا ہیتھ تہٕ مِٹھاے کھیوان تہٕ ییٚلہِ تٕمو ہیژٕ ہَن ہیٚچ تیژٕ ہَن کھینہٕ تہٕ اَدٕ بوٗز تٕمۍ سوداگر اُمِس کُن ونان زِ نَے ہادٕ یہِ پھُٹمٕت کٔژھہٕ کرشایداو موٗجب زِ سُہ اَنہِ ہے اَتھ شیرتھ۔ زنانہٕ پلناوٕ اُمِس یہِ

سونہٕ کھنجہٕ تہٕ اَتھ سام ہوان وُچھ اُمی گُزریمِتس سوداگرہِنٛد فہرست تہٕ یہٕ نمبر کڈِتھ لوٗگُن یہٕ پرٛن سہٕ اوس وارِیہہ زیادٕ حأران باسان۔ اُمی ہِنٛدِس بُتھس پیٹھ یہٕ حأرأنی وُچھِتھ پرٛژھُس اَمہِ زِ کیٛاہ دٔلیٖل۔

سوداگرَن وَونُس ''چون خانہٕ دار اوس سیٹھا بدقسمت شخص۔ زار۔ زار۔ تہٕ صرف زار بیوقوف۔ اُمِس بڑٕ سوداگرسُنٛد یہٕ دلأیی ہُنٛد خیال۔''

''ژٕ سے کتھہٕ پأٹھی چھی یہٕ پتاہ؟ کیٛاہ خیال؟'' زنانہٕ پرٛژھُس۔

''کیٛازِ۔ یہٕ کاغذ چھُ مےٚ وَنان'' سوداگرَن دِتُس جواب۔ ''یَتھ منٛز چھُ سأرِی کینٛہہ لیکھِتھ''۔ باسان چھُ چون ہیٚمبر بابہٕ اوس سیٹھا امیر موہنۍ یہٕ زَن اَسہِ سارِنٕے تَس متعلق باسان تہٕ اوس مگر پوٚتُس بیچھاو زِ سہٕ اوسہٕ (امیر)، سہٕ اوسہٕ ژِ کہِ یژھان زِ تمی ہِنٛدی نیچوٚس یعنے چأنِس خاوندَس گوٚژھ اَمہِ سارے دولژٕ ہُنٛد پے لگُن تکیٛازِ سہٕ زأری وُڈاوِ ہے اَتھ سأری ہے تہٕ سأری ہے گرِ ہے پھٕنٛز پھا کھلہذا روٗدُ سہٕ پَتہٕ ژالہٕ دِنان۔ سہٕ اوس یہٕ باس دِوان زِ تَس اوس پِتے تہٕ باقٕے سأرِی اَنبر وانبر ودولت تھأوِن ژوٗرِ۔ تمی سُنٛد سورُے سون تہٕ خزانہٕ چھُ چأنِس خاونٛدٕ ہِنٛدِ مکانہٕ کِس بٔنِ مس یٔہ ہَرَس منٛز بیوٗن بیوٗن جایَن ژھیٚپتھ۔ وُچھ یہٕ چھُ یمَن جایَن ہُنٛد فرست زِ کتِتھ کُس کُس چیز چھُ دوٗبرِتھ۔ چون ہیٚمبر بابہٕ اوس دانا۔ سہٕ اوس زانان زِ میوٗن نیچو ترٛاوِ نہٕ توٗت تانی زاریوٚت تانی سہٕ سورُے بربادکرِ تہٕ ممکن چھُ تمہِ پَتہٕ مایَس عقل۔ یَتھ سونہٕ ہِنٛدِس کرژھ گرَس یِیہ باقٕے حأصل سپدن والین چیزَن ہِندی پأٹھی پنٕن قمت تہٕ پَتہٕ سأرٕے ژھیٚپتھ دولت لبنہٕ۔ یہٕ بوٗزِتھ زِ سہٕ بنیاو بیٚیہ واپس امیر سہٕ مابنہٕ پتہٕ زیادٕ محتاط

تہٕ اَدٕ ماتر بس فِکرِ زِ کمہٕ سختیہٕ ثُلتھ تہٕ محنت کٔرتھ چھےٚ مےٚ یہ دولت حاصل کٔرمٕژ تہٕ اَمہ
پتہٕ تھاوِ اُمیک خیال تتھہٕ پأٹھی زنتہٕ یہ اُمی پانہٕ زانی ہرٕژ تہٕ کفایت کٔرتھ پتھ پلہٕ کٔرمٕژ
آسہِ۔''

زنانہٕ وۄن ''اَچھا۔ وۄنی تۄرمےٚ فِکرِ۔ مےٚ کیاہ زِ دِیُت ہیٚہہِ بابَن یہ کٔرمٕژ
کرتہٕ مَرنہٕ بڑ ۆنِہ کیاہ زِ اوس سُہ مےٚ اَتھ لایق زیادٕ ذِمہٕ دأری تھاوان۔ مےٚ اوس یہ
خانہٕ دارس تہٕ وقتہٕ دِیُن ییٚلہِ سُہ تتھِس حالس آسہِ ہے وۄتمُت یتہٕ سُہ تباہ حال
گژھتھ چورتہٕ آسہِ ہے گوٚمُت۔

زنانہٕ نالہٕ مَتہٕ ژٔٹتھ پژ ژھ اُمس سوداگرَن زِ آیا ژےٚ چھیا پنُن خاوند زیاد
ٹوٹھ کِنہٕ بہٕ چھسے زیادٕ ٹوٹھ۔

زنانہٕ وۄنُس ''مےٚ چھکھ ژےٚ زیادٕ ٹوٹھ تِکیاہ زِ خاوندن دِتی مےٚ اِزا ہے یاژ
تہٕ پتہٕ چھنہٕ وۄنی گوٚمت کوٚت چھُ تہٕ وۄل زانہِ خدا ہے زِ بہٕ وُچھہٕ نا سُہ دُبار
زانِہہ۔''

سوداگرَن وۄنُس ''تیٚلہِ چھُ مےٚ چأنِس ہیٚہہِ بابہٕ سُند سورُے مکانہٕ دِنہٕ بہٕ
گژھہٕ تہٕ اَنہٕ تتہِ سُہ خزانہٕ وٕٹھتھ تہٕ تَمہِ پتہٕ ییٚلہِ سُہ سورُے یتہٕ محفوظ کرو تہٕ بہٕ تہٕ
ژےٚ تہٕ پتہٕ روز وأسی یکجاہ تہٕ آرام تہٕ خوشی سان گزاروٕ پننی زندگی۔''

زنانہٕ کوٚرُس آنکار تہٕ وۄنُس ژٕ کریہِ سأنِس ۆلی ۆلی تکیاہ زِ (تَمہِ وۄنُس) بہٕ
چھس ہر ہمیشہٕ کانچھان زِ بہٕ روزٕ ہا ژےٚ ستی۔''

بچأرِس خاوندس سنٛز حالت یُس اَتہٕ مۄشرتھ دروازِ نیبرٕ کِنہٕ پتھ اوس تہٕ

اوسُس سورُے کینژہ وُچھمُت تہٕ بۆزمُت سو ہیکہٕ وَننہٕ کھوتہٕ زیادٕ محسوٗس کرنہٕ یِتھ۔
مختلف قسمن ہِنٛدی رَلہٕ گاٮ۪تی جذبات ہیتھ دژ اوسہٕ اَتہٕ پیٹھہٕ گرِ واپس۔ تَس اوس زنانہٕ
ہِنٛزِ بے وفائی ہُنٛد دوکھ مگر سہٕ اوس خوش زِ سہٕ بَنہٕ بییہٕ واپس امیر۔ لہٰذا غم تہٕ خوشی،
خوشی تہٕ افسوٗس اَسی تِمی سِندِس وُچھس لنٛدرد ملہٕ ہمٕل لٲگتھ زِ تَس اوسہٕ فکری تران زِ
تَس کیاہ پزِ کرُن۔ وَدُن کِنہٕ اَسُن۔ گاٮ۪تہٕ کھٔنٛڈی ووت سہٕ گرِ تہٕ وُچھن ییٛنِ ٹاٹھ موج
تہٕ تِمہٕ گرس خوش آوے زَن تہٕ کانٛہہ مومُت دُبارٕ دُنیاہس اوس آمُت۔

یِہنٛدِ جُد اسپدنہٕ پتہٕ یِہ کینژھا اورٕ سَپدمُت اوس تتھ متعلق کتھا باتھا کرنہٕ پتہٕ
وۄن جوان سوداگرَن ورٛیتھ زِ سو کیاہ دلیل اَس یَیمہٕ کِنؠ تَسنٛد مول بظاہر ریُت
غربتس منٛز گُذریومُت اوس۔

''میأنی ٹاٹھی موج۔ اَسہٕ پزِ یِہ دولت کھوٗو منٛز کڈٕنی۔ چونکہِ اَتھ متعلق چھے
کینژَن وۄپرن پَے یِم نہٕ سأنی دوست چھِ بلکہِ چھِ تِمی دُشمن اَمہِ کِنؠ چھ ضروٗری زِ اَسی
انوکھانہٕ تہٕ یِہ کامہٕ ہیٚن کروأزی راتس۔''

نصف راتھ برٛونٛہہ اوس تِمو سورُے خزانہٕ لوٗبمُت۔ سون، روپھ تہٕ لال
جوأہرن ہُنٛد اکھ بوڈ انبارٕ یَیمہٕ کہِ مولُک لنٛداز ے ہیکوٚنہٕ گرِتھ۔ گاش پھولنہٕ برٛونٛہہ
اَس تِمو یِہ دولت بدل کھوٗن منٛز دۆبرأ دٕرِتھ تہٕ پرٛانہٕ جایہِ آسکھ گَنہٕ تہٕ ژھوٚٹہٕ کٔری
پُرِ دِمٕژ۔ صُبحَس کیٚتھ دژ اوگُذریمتِس سوداگرسُنٛد نیٚچو خوش تہٕ خوشحال پأٹھی شائستہٕ پکو
لاگتھ تہٕ تَسنٛز موج اَس درواز س نشہِ ہیتھ زنتہٕ اوذقہٕ خأطرٕ یِنٛدِ رکتان۔ جوان
سوداگرَن ژھِنہِ فورَن بییِس سوداگرسٕنٛز نوکری ترٛاوتھ تہٕ رٕود ماجہٕ کٔری۔ ہفتہٕ کھٔنٛڈی

بدلاوہمی دوٚیم سوداگرَن تیٚمس گوٚریمتِس سوداگرسٕنٛزٕ ژوٚرِ تھاومژٕ دولٕژ ہُنٛد پےاوس لوٚگمُت پٔتُن حلیہ تہٕ دِتُن یہِ باس زِ سُہ اوس بیٚیہ کمہِ تانٛی مُلکہٕ پٔٹھٕ آمُت تہٕ اُسس پانس سٟتۍ کینٛہہ لال جواہر تہٕ دوٚیم چیٖز اَمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہَس پیش کرنہٕ خٲطرٕ اَنِتۍ۔

یہِ بوٗزِتھ دِیُت بادشاہَن اُمِس سمکھنُک اجازت تہٕ ییلہِ تِمۍ یہِ چیٖز دِیِنۍ سۄپُد سوداگرس پٔٹھ کأفی خوش تہٕ ووٚننس یہِ ژےٚ میوٗن مَدد ضرورت اُسی تہٕ گژھے۔ سوداگرَن کوٚر اُمِس شکریہ تہٕ ووٚننس زِ ہرگاہ مےٚ پانہٕ روزنہٕ خٲطرٕ تہٕ سامانہٕ تھاونہٕ خٲطرٕ جاے میلہِ سو آسہِ تُہنٛز مہربأنی۔ بادشاہَن ووٚنُس زِ ژٕ ہیکَکھ میأنِس کُنہٕ مکانس منٛز روٗزِتھ۔ مگر سوداگرَن ووٚنُس یہِ گوٚژھہٕ نہٕ مےٚ بلکہِ گوٚژھُم شہرس منٛز مکانہٕ تہٕ اوے ووٚنُن بادشاہَس زِ توٚہۍ ہرگاہ کأنٛسہِ نفرس یہِ حُکم کٔری ہوٗیُس مےٚ جاے ژارنس متعلق مدد کٔرِتھ ہیکہِ ہے۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر بادشاہَن پَنٕنِس بٔڈِس وزیٖرس حکم زِ سُہ گوژھِن سوداگرس سٟتۍ شہر تہٕ یُس تہِ مکانہٕ اُمِس خوش کرِ سُہ دِین اُمِس۔

تِم پھیرِ دوہَس واریہَس تہٕ وُچھکھ ہر قسمکۍ مکانہٕ مگر یِمو منٛزٕ مون نہٕ سوداگرَن اَکھ تہٕ اَمہِ پتہٕ اُسۍ تِم ووٚن محل خانس کُن پھیرنُک سوچان یوٗت تانٛی تِم گوٚریمتِس سوداگرسٕنٛدِس مَکانس نِشہِ واتۍ۔

"آ۔ یہِ کیٛاہ چھُ اصل مکانہٕ تہٕ بیٚیہ چھُ بازرس منٛز گوٚس پٔٹھ۔ یہِ کوٚہ ہُنٛد چھُ۔" یہِ ووٚنُس سوداگرَن۔

وزیٖرَن ووٚنُس "مےٚ چھُ باسان زِ یہِ مکانہٕ اوس اَکِس سوداگرسُنٛد یُس دوٚلی

گُزریامُت چھُ تہٕ اَتہٕ پھٕھےٚ وۄنی تسُنز زنانہٕ روزان یوسہٕ میأنی کنز خوشی سان اُتھ کُنہٕ یا کرایس دِین آسہٕ یژھان۔"

اوےٚ تہٕ کوٚر ریمو درواز س ٹھک تہٕ دۄ پہنکھ اَتہٕ کُس چھو۔ جوان سوداگر وژ اوتہٕ دۄ پنکھ اَژ واندر۔

وزیرَن وۄنُس "میٚون یہِ دوس چھُ یہِ مکانہٕ کرایس پیٹھ رٔژن یژھان۔ توٚہۍ کوتاہ ہیوٚ اَمس (کراے)۔"

جوان سوداگرَن "رتبس زٕ ساس روپیہٕ"۔

یوٚرٕ وۄنُس سوداگرَن "ٹھیک چھُ۔ مےٚ چھُ منظوٗر۔"

وزیرَن اوسہٕ یُتھ بوٚڈ سودا یوٗت سہل پأٹھۍ سپدان زٕ نہےٚ وُچھمُت سپدان تَمہِ کنز کرنس گتھ "نہ نہ، زٕ ساس روپیہٕ گتھ یہِ چھُ متھوُمُت۔ بہٕ دِمہٕ نہٕ یژ کراے اُتھ اُکس وُرِ یِس تہِ۔ رَٹھ ژٕ مکانہٕ تہٕ ژٕ دی زہنہٕ اَمس اَمہِ گُستاخی خاطرٕ اَکھ دۄ مہرکہ تہِ بہٕ وُچھِ پانےٚ یہِ ماکری ژےٚ تنگ۔"

مگر معاملہٕ اَنزراونک یہِ طریقہٕ یُدوَے بیٚیہٕ ساعتہٕ سوداگر پانہٕ تہٕ ورتاوِ ہے مگر اَمہِ وزِگوونہٕ اَمس یہِ خوش۔ "زٕ ساس روپیہٕ۔ سو کوسہٕ گتھ چھےٚ۔" "تمۍ سۄنچ "چھُ کیاہ یہِ تتھ بُڈس خزانس مقابلہٕ یُس ییٚمہِ مکانہٕ کِس بُنہٕ مس پورس مژ ژھیٚپر اُوِتھ چھُ۔"

لہذا اسپد یہِ طےٚ۔ سوداگرَن دِیُت اَتی یہِ رقم تہٕ جوان سوداگر تہٕ تسُنز موج وژ ایہِ اتہٕ تہٕ گےٚ کوٚت تانی بدل جایہٕ۔

بدلو وُہی دوٚیم سوداگرَن تیٚمس گُزریمتِس سوداگرہسنٛز ژوٚرِ تھاو مژِ دوٲرِ ہُند پےاوس لوٚگمُت پٔتُن حلیہ تہٕ دِتُن یہِ باس زِ سُہ اوس بیٚیہ کمہِ تانٛ مُلکہٕ پیٹھہٕ آمُت تہٕ اُمس پانس ستۍ کینٛہہ لال جواہر تہٕ دوٚیم چیز اَمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہَس پیش کرنہٕ خاطرٕ اَنِمتۍ۔

یہِ بوٗزِتھ دِیُت بادشاہَن اُمس سمکھنُک اجازت تہٕ ییلہِ تِم یہِ چیز دِچھِ نہٕ سُپدِ سوداگرس پیٹھ کانٛہہ خوش تہٕ وۄنُنس یہِ ژےٚ میوٗن مَدد ضرورت اُسی تہٕ کرےٚ بہٕ۔

سوداگرَن کوٚر اُمس شکریہ تہٕ وۄنُنس زِ ہرگامےٚ پانہٕ روزنہٕ خاطرٕ تہٕ سامانہٕ تھاونہٕ خاطرٕ جاے میلہِ سو آسہِ تہنٛز مہربٲنی۔ بادشاہَن وۄنُس زِ ژٕ ہیٚکَکھ میأنِس کُنہِ مکانس منٛز روٗزِتھ۔ مگر سوداگرَن وۄنُس یہِ گوٚژھہٕ نہٕ مےٚ بلکہِ گوٚژھُم شہرس منٛز مکانہٕ تہٕ اَدے وۄنُن بادشاہَس زِ توٗہی ہرگا کانٛسہِ نفرس یہِ حُکم کَری ہُویُس مےٚ جاے ژارنس متعلق مدد کٔرِتھ ہیٚکِہِ ہےٚ۔ اَمہِ کِنۍ کوٚر بادشاہَن پَننِس بڈِس وزیرَس حکم زِ سُہ گوٚژھُن سوداگرَس ستۍ شہر تہٕ یُس تہِ مکانہٕ اُمس خوش کرِ سُہ دِین اُمس۔

تِم پھیرِ کۍ دوہَس وارٕیہَس تہٕ وُچھکھ ہر قسمکۍ مکانہٕ مگر یِموٕ منٛزٕ موٗن نہٕ سوداگرَن اَکھ تہٕ اَمہِ کِنۍ اُسۍ تِم ووٚن محل خانس کُن پھیرنُک سوچان یوٚت تاں تِم گُزریمتِس سوداگرہسنٛدِس مکانس نِشہِ وٲتۍ۔

"آ۔ یہِ کیاہ چھُ اصل مکانہٕ تہٕ بیٚیہ چھُ بازرَس منٛز گوٚس پیٹھ۔ یہِ کوٚہُنٛد چھُ۔" یہِ وۄنُس سوداگرَن۔

وزیرَن وۄنُس "مےٚ چھُ باسان زِ یہِ مکانہٕ اوس اُکِس سوداگر سُنٛد یُس دوٲرِ

گُزریامُت چھُ تہٕ اَتہِ پچھےٚ وۄنۍ تسنٛز زنانہٕ روزان یوسہٕ میانۍ ،کنٛز خوشی سان اُتھ کنہٕ

یاکرایس دِین آسہِ یژھان۔"

اوے تہٕ کوٚر ریمو دروازَس ٹھک تہٕ دۄ پۄہکھ اَتہِ گُس چھو۔ جوان سوداگر

وزاوتہٕ دۄ پنگھ اُژ واندر۔

وزیرَن وۄنُس "میٚون یہِ دوس چھُ یہِ مکانہٕ کرایس پٹھ رٹُن یژھان۔ تۄہۍ

کوتاہ ہیوٚ اُمِس (کرایے)۔"

جوان سوداگرَن "رتبس زٕ ساس روپیہِ"۔

یوٚر وۄنُس سوداگرَن "ٹھیک چھُ۔ مےٚ چھُ منظوٗر۔"

وزیرَن اوسہٕ یۄت بوٚڈ سوداایۄت سہل پاُٹھۍ سپدان زٕہے وُچھمُت سپدان

تَمہِ کنۍ گُرنُس گتھ "نہ نہ، زٕ ساس روپیہِ گتھ یہِ چھُ متیوٚمُت۔ بہٕ دِمہٕ تہٕ پیٚژ کرایے

اَتھ اُکس ۆری یَس تہِ۔ رٹھ ژٕ مکانہٕ تہٕ ژٕ دی زہنہٕ اُمِس اَمہِ گُستاخی خاطرٕ اَکھ

دۄمبرِ تہٕ بہٕ وُچھِ پانے یہِ ماکری ژٕنے تنگ۔"

مگر معاملہٕ اُنٛز راونک یہِ طریقہٕ یُدوَے بییہٕ ساعتہٕ سوداگر پانہٕ تہٕ ورتاوِ ہے

مگر اَمہِ وِزِ گوونہٕ اُمِس یہِ خوش۔" "زٕ ساس روپیہِ۔ سو کوسہٕ گتھ چھےٚ۔" "تمۍ سۄنٛچ

"چھُ کیاہ یہِ تتھ بڈِس خزانس مقابلہٕ یُس یٚیمہِ مکانہٕ کِس بنٛزمِس پورَس منٛز

ژھیٚپرِ اُوتھ چھُ۔"

لہذا اسِکہ یہِ طے۔ سوداگرَن دِیت اُتی یہِ رقم تہٕ جوان سوداگر تہٕ تسنٛز موج

وژاپہِ اتہِ تہٕ گےٚ کوٚت تانۍ بدل جایہِ۔

پننہٕ گوڈنچہ فرصتہٕ منز کھوٚن اُمی سوداگرَن تمَن وارِیاہن جاین پٹھ ...
ہُنٛد ذکر سونہٕ ہِنٛدِ کرٛہ کرِ منزٕ دزٲمتِس فرستس منز اوس مگر تس دزاونہٕ اَتہٕ کھوورا ...
بیٚنہٕ کہنی۔

تمی سوٚنچ "یہِ کیاہ بدقسمتی! یاتہٕ چھُ یہِ فرست گرزِمتی سوداگرن دھوکہ ...
خاطرِ لیوکھمُت نَتہٕ چھےٚ اَمہِ رازٕچ بیٚنہٕ کَس تانی پےٚ اُلجھ تہٕ مےٚ بردنہٕ چھ ...
ودتمُت۔ لعنت یتھ جایہِ۔ تمَن تہٕ لعنت یمَن یتھ ہستی کانہہ تعلق چھُ، تمَن تہٕ لعنت ...
تہنٛدِس خاندانس منز چھِ۔ اکھےٚ تمَن تہٕ یِم تمَن نِش کامٕ آسن کران۔ یہٕ گوس ...
یہٕ گوس تباہ۔" یِی ونان دِژ تمی پننہٕ نِس دُسس تہٕ کھوربانس تھس تہٕ پاگلہٕ ہنٛدی ...
سپُد پنُن گرٕکُن روانہٕ یُس شہرِ نبر یہن کہےٚ دوٚر اوس یہِ زَن اَسہِ گوڈے ...
تتھےٚ یہِ ننیاوزِ سوداگر دزاواَتہِ گرزیمتِس سوداگرسُنٛد نیچو تہٕ اُمی ہنٛز موج آے ...
لگی مکانس منز بسنہٕ۔ وارِ وارِ لاج جوان سوداگرن پننی دولت نٔی کڈنی۔ یتھ زِ ...
کانہہ شک گژھہِ ہےٚ نہٕ تہٕ کمہٕ ہےٚ کالس منز آوسہٕ مُلکہٕ کس اَکس بارس تہٕ ...
ہنزٕ خیرٔ گنزراونہٕ تہٕ تتھےٚ پاٹھی میوٚلس عزت یتھہٕ کِنی اکہِ وقتہٕ اُمی ہنٛدِس ...
اوس۔

اکہِ دوہہٕ وُنُس ماجہِ۔ "دیہِ سُنٛد چھُ شکر زِ ژٕ بنیو کھ ملکُک اکھ بارسَہ ...
اَمہِ کِنی چھنایہِ لازِم زِ ژےٚ پزِی وُنی پننہِ زنانہٕ انٕنی۔"
اُمی دِتُس اوَرِ جواب "اَتھ متعلق چھنہٕ مےٚ کہنی کتھ بوزٕنی۔"
مگر تمی ہنزٕ ماجہِ اوس اَتھ پیٹھ دوٚل گوٚنڈمُت تہٕ سو گیہِ اُمی سُنٛد ہو ...

وعدٕ ہیتھ لاجِن پَنہٕ نِس نیچوِس مأنٛزِ راونٛچ کوٗشِش کرٕنۍ یُتھ زِ تِسنٛز زنانہٕ پیہٕ واپس۔ اکہِ دوٚہہٕ دوٗہہٕ کوٚر تِمو أمِس سال تہٕ تیوٗت کوٚرہَس زور زِ تِمس روٗدنہٕ گژھنَس چارَے۔ تِتھِس گرِ بأژَس یُس ووٗنۍ سبٹھا ناماوار اوس بنیوٗمُت تِمو کٔر پننِہ استقبالہٕ خأطرٕ آسہٕ وارِیاہ تیأرِیہٕ کرنہٕ آمٕژ۔ مکانس اوس شاندار فرش کرنہٕ آمُت، اصلہٕ کھوتہٕ اصل کھینہٕ چیز آسے اَننہٕ۔ مول تہٕ موج أسۍ ووٚدۍ ییلہِ زَن أمۍ سنٛز زنانہٕ لولہٕ ہُرتہٕ اَسوٕنہِ ہونٛجہِ مگر سیٚو۔ دأسنہٕ أمِس گُن وُچھِتھ ہبکان تہٕ نہ زیادٕ کینٛہہ أمِس خأطرٕ کٔرِتھ ہبکان تِکیاز ِسہٕ اس وارِیاہس کالس اَتہِ نیبرٕ رۍ۔ سو أس وَنان زِ مے اوس باسان زِ بہٕ ہیکَن نہٕ ووٗنۍ یہِ زانٛہہ دُبارٕ وُچھِتھے تہٕ اَمہِ کنہٕ أس صِرف ودان۔

راتَس ییلہِ یِم بأژٕ أکۍ سے کمرس منٛز یکجا شوٗنگِتھ أسۍ تہٕ پٔژ بتھ لحاظٕ ژھوپہٕ أس نوجوان شہزادَن کٔڈ ہنٛدرِ منٛز سخت ووٚتھ تہٕ دِژن کربکھ ''اوٗہ، اوٗہ۔ یہِ چھا پوٚز یہِ ہیکیا ہ پوٚز أستھ؟ تہٕ پتہٕ دِتُن واپس بسترس پیٹھ پان دأرِتھ۔ ہنا سنبلیا وتہٕ ووٗنُن ''مے وُچھ خاب۔ مگر اوٗہ۔ یُتھ (ووکھہٕ) خاب۔''

قدرتی پٔژ ژھٕنن زنانہِ زِ تِمۍ کتھ متعلق اوس خاب وُچھمُت۔ تِمۍ دِتُس جواب ''مے وُچھ زنتہٕ یَتھ گرس منٛز بوٚڈ کھاندر۔ چانہِ بینہِ اوس أکِس سوداگرٕ سنٛدِس لڑکس سٟتۍ کھاندر یُس اکہِ دوٗر مُلکہٕ پیٹھہٕ آمُت اوس۔ مے باسیوٗ زِ بہٕ چھُس أمِس سوداگر سُنٛد اَکھ موٚہینوٗ اتہٕ تِمس تہٕ مہرازس سٟتۍ چھُس یور آمُت۔ بہٕ تہٕ بیوٗ ٹھس باقے پٔژھبن سٟتۍ بتہٕ کھینہِ پتھر۔ ژٕ أسکھ کھین خوردنی بأگراونٛچہِ کامہِ نظر گُزرتھأوِتھ تہٕ تِتھہٕ پأٹھۍ وأژِتھ یہِ کأم نکھہٕ زِ پٔژ بتھ کأنٛسہِ گژھہِ بتَس تہٕ سبزیہٕ سٟتۍ مازتہٕ ژٹینٛز وأتنۍ ماسولیہِ مے۔

ئہ باسیوٚ وَسےَ ژٕ یِمَو سارِوٕ یومِژٕ کم پاییہِ ۔ ئہ گوس رُسواہتٕ اَندری گوم دَم تہٕ پٔژن ہتہٕ تہٕ سبزی تھال ہتھ وۄتھس آنگنس منز تہٕ بیوٚٹھس ہیٚچھ وِنن تہٕ اَتہِ سمیمتین لوٚکن منز۔ کینہہ کاٗلی آیکھ ژٕ تہٕ بٲ گرووتھ کینہہ کھنن ہَمن ہیٚچھہِ وِنن تہٕ تِمو منز اَکس آلوکرتھ وۄتھ تَس پژارنہٕ خاطرِ یُتھ زِ سہٕ تِمس نفرس خاطرِ مِٹھاۓ وغارٕ ٹُلنس منز پکنہِ ہی تِیمس نِش ژٕ گرٕ ھن اَسکھ یِژھان ۔ مےٚ وُچھکھ ژٕ گرٕ منز لالٹین ہتھ نیران تہٕ اَکھ بوٚرت تھال دِتُھ اَمِس نفرس اتھِ تہٕ پَتہٕ دژ ایکھ ۔ ئہ دژ اس ژٕ ےپتے ۔ اڈٕ ئ تَس منز لوٚگ اَمِس نفرس ٹھونکر تہٕ پیوٚس تھال وٕ ستھ تہٕ یہِ کینژھا اَتھ منز اوس تہٕ آوچھکراونہٕ ۔ پَتہٕ وُچھکھ مےٚ ژٕ واپس گرٕ ھان تہٕ بیا کھ مِٹھایہِ تھال ہتھ واپس یِتھ دژ ایکھ ژٕ دُبارٕ ۔ ئہ اوس سۄ توہہِ دۄشوٕنی برابر نظرِ یوٚت تانی توہی اَکس سوداگر سٕندِس درواز س نِشہِ واُتو ژٕے روٗتُھ اتہِ مجمعہٕ تہٕ ہیٚچھہِ وِنس دۄ پتھ نیر۔ درواز س کوٚرتھ ٹھک ۔ ظاہر چھُ زِ سوداگرس اوس سخت شرارتھ تِکیا زِ ژٕے اوسُتھ وار یہہ ژٕ یِرلوگمت تہٕ مےٚ وُچھ سہٕ ژٕے دَب ترٕ اوان اَمہِ دَبہٕ ستیٚ وُچھے ژٕے سہٕ کرٕ ھہٕ گرپھٹِتھ کھنجہِ کھنجہِ گرٕ ھان یُس ژٕے میاٗنہٕ ماٗلی دِیتُمت اوسنےٚ ۔"

پٔننہِ خابک یہِ بیان دِوان یوٚت تانی سہٕ ووتمت اوس تتھ وقتس تاں اوس اَمہِ تیوٚتاہ بٔلی کہِ تمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ برداشت کوٚرمت یہِ تَس بژر اوس ۔ یِیمہِ خیالہٕ زِ تَس اوس سأری ہیے ننر گوٚمُت تہٕ اَمی سُند خانہٕ داراوسنہٕ کانہہ خاب بیان کران بلکہ تہٕ یہِ پوٚ زاوس ۔ یہِ اوس تمہِ ہرِ یمانہ یہِ سو وبترِ تھ ہیکہِ ہے ۔ خوفہٕ ستیٚ دِیُت اَمہِ اَنی امی ساعتہٕ امانت ۔

ییٚلہِ خانہٕ دارن یہِ وُچھ زِ اُمِس ناچھنہٕ جبا حرکتھ اُنہٕ ہٮ۪کہِ چھےٚ رٕہتھ گٕژ تہٕ اُچھ چھس تتھہٕ کنٛزلتس کُن دَرِس لَجمٕژ زنتہٕ یِم پھٕٹتھ نیرن نیرتھ سُہ کھوٗژتہٕ سوٗچن "یہِ موٗیہِ میانے۔" اُمِس اوسنہٕ افسوٗس تہِ کانٛہہ تکیازِ اُمۍ سٕنٛز سارٕے ماے اُس اُمۍ سٕنٛزِ زنانہِ ہٕنٛز بے وفأیی نٔیتھ نمٕژ۔ تَس اوس صرف اَکُے خوف زِ اُمۍ سُند ہَش ہٕند کیاہ وَنہِ تہٕ بیٚیہِ کیاہ وَنَن ساأری لوٗکھ مےٚ متعلق ییٚلہِ تِمن اَمہِ معاملک پےٚ لگہِ۔

"مےٚ پَزِ یہِ لاش کُن نِنۍ۔" تِمۍ ووٗن پانسے ستۍ۔ اِوٚ کنٛز بُراُمۍ یہِ اَکِس بُڈِس دُسِس تہٕ تُجن پھیکِس پٮ۪ٹھ تہٕ واتنأوِن تِمِس سوداگرسُند گرٕ تیمۍ یہِ ورغلأ وِمٕژ اُس۔ یہِ اَتہِ ہیرِ پٮ۪ٹھ تھأوِتھ کوٚرُن درواز س ٹھک۔

سوداگرس باسیاوٕ زِ یہِ چھےٚ یہے زنانہٕ یوسہٕ اُمِس نِشہِ یولنٕ چھےٚ تِمۍ کھوٗل ژکھہِ سانٛے درواژ تہٕ ہیٚرٕ ن تَس ییمہِ خأطرٕ بوٗأری گرٕنۍ زِ سو کیازِ روٗز ژٮ۪تس کالس رأنۍ ہےِ نِشہِ۔ سُہ اوس یہِ سأرلم یہِ وُچھنے کران تہٕ ونان زِ آیایہِ زنانہٕ چھاأتی کنہٕ نہٕ۔ مگر ییٚلہِ نہٕ اوٚر کانٛہہ جوابٕ میوٗلُس تہٕ نہٕ کانٛہہ اندرٕ ےژاو سُہ ووٚتھ یہِ وُچھنہٕ خأطرٕ تھوٚد زِ اَتہِ کُس چھُ۔ ییٚلہِ اَتہِ اُمۍ لاش وُچھ سُہ گووحأران تہٕ پریشان تَس باسیاوٕ زِ یہِ زنانہٕ موٗیہِ اُتی تِکیازِ اَمۍ کوٚر درواز س ٹھک۔ تِمۍ تُج یہِ لاش تہٕ ووٗلُن اُمِس اَکھ پٔٹ تھان تہٕ تھأوِن یہِ پننہٕ نِس وانس منٛز اَکِس خأیی المارِ خانس منٛز۔

یہِ سأرلم وُچھ ہمۍ جوان سوداگرن دارِ نیٚبرٕ کنٛز تہٕ دژاو واپس۔

دوٗیمہِ دوٚہہٕ صبحسنس ووٚتھ یہِ وارٕ ہہ ژیرِ کنِنٛدرِ۔ خبر سُہ ماوو تھہٕ ہےٚ نہٕ اَمہِ وِزِ تہِ ہرگانہٕ تَس ہیٚہِرِ بابہٕ یہِ پرٕژھنہٕ خأطرٕ سوزِ ہے زِ ژےٚ کیازِ کھیوٚتھ چوتھ نہٕ صبحس

کیٛنہہ۔

تمۍ وۄن پنٕن عذر ہیوٚ باوان "ئہ اوسُس سخت تھوٚ کمُت تہٕ پتھہٕ آیم نہٕ اَتھہٕ
ہنٛدِ عجیبہٕ ورتاوٕ کنہٕ ژیرتانۍ ہند پٕرے۔ سودٕ ژ ایہِ منٛزٕ تہٕ ژٕ ج خبر کوٚت۔"

یہٕ بوٚزِتھ وۄن اُمۍ ہنٛزِ ہشہِ ماجہِ یوسہٕ پنٕنہِ کورِ ہنٛدِس اُمِس بێیِس سوداگرس
ستۍ پھوٚل واٹنس واقف اُس تہٕ وُچھوے اَمہِ خاطرٕ یہٕ زٕ اُنتھ زِ اُمِس چھُ خاوندوۄنۍ
موٗمُت ہواتہٕ دِیُمت اوس تہٕنٛدِ اَمہِ عجیب ورتاو باپتھ معافی چالہٕ۔ "شاید ماچھے سۄ
ٹھیک تہٕ توے آسہِ دوٚیمس کٕٹھس منٛز شونگنہِ گمُژ۔ ٹھٔہر ئہ وُچھنے سو۔"

وۄن یێلہِ سو وُچھنہٕ دژ ایہِ تہٕ جوان سوداگرن وۄن پنٕنہٕ نِس ہێہرٕ بابس زٕ
مےٚ نہٕ پٔنٕن وان یُتھ ئہ تمہ کیٛنہہ چیز مٔلۍ ہمہٕ یمہٕ نہٕ مےٚ پنٕنہٕ نِس وانس پیٹھ چھہ۔ ہێہرٕ
بابن کوٚرُس آنکار تہٕ دژ اے تمہ اےٚ ساعتہٕ۔

جوان سوداگرن وُچھ سأری چیز مگر تہٕ میوٗلُس نہٕ یہٕ سُہ ژھانڈان اوس۔ اَمہِ
پتہٕ وۄنُس ہێہرٕ بابن زِ وولہٕ ئہ نمتھ ژٕ بێیِس سوداگر سُنٛدٕ گرٕ یُس مےٚ سبٹھاہ دوست چھُ
ممکن چھُ تمِس آسن تمہ چیز ضرٗ ریم ژٕ ئے ضرورت چھی۔ بێیہ وۄننس "سُہ چھُ دوٚرے
پہن وۄن گوو وَتھ پچھے ٹھیک تہٕ سوداگر چھُ بڈٕ چالاک تہٕ بااخلاق تہٕ ژٕ ئے پزی تس
ستۍ زان پچھان گرٕنی۔" اَمہِ پتہٕ دژ اے تمہ اُمِس چالاک تہٕ بااخلاق سوداگر سُنٛد گرٕ
کُن۔

یہٕ شخص اوس پوٚ تو لاکن سُے تیٛمۍ گرٕ ریمتس سوداگر ہنٛدِس نیچوی ہنٛز زنانہٕ
ورغلأ وِمرٕ اُس۔ پرمیشورن کوٚر اُمِس بدخصلت شخصہٕ ہنٛزِ بربأدی خاطرٕ تہٕ عجیب

اتفاق۔ یہندِس اور واتنس پیٹھ کوٚ ریٚمن اَکی سوداگرن سو دِلہٕ استقبال تہٕ خوشی خوشی سان ہاوِن یمن پنٕنی زیادٕ تر چیز تہٕ خزانہٕ مگر کینہہ پٹُ تھان، پشمینہٕ پچہ، ریشم تہٕ بیٚیہٕ کینہہ سامانہٕ اوس اَندرِ مس لوکٹس کُٹھس منٛز یتھ کُن جوان سوداگرس نظر ہش پییہٕ تہٕ یوٚ ژھُن زِئبہ وچھہا اَتہٕ تہٕ۔

''ہایم چھنہٕ خاص کینہہ تِ یہ ژٕ ے گوڈٕے وُچھتھ تہٕ وؤں گتھ کتھ چھِ یم وُچھنی'' سوداگرن دِژ اَمس نہون گلے۔

تہٕ کرِتھ تہٕ تجس نہٕ گزریمتس سوداگر ہندی نیٚو چھِ تہٕ اکھتٕے دزاو پانے اور کُن امہٕ کنی زون سوداگرن زِسہٕ تہٕ ہیکہٕ نہٕ شاید یم چیز وُچھنہٕ نشہٕ اَمس ڈالِتھ تہٕ اکھتٕے ہیکہٕ سُہ کُنہٕ وُنہٕ پاٹھی تمہٕ پٹُ تھانہٕ نشہٕ اَکی سُند توجہ ڈالِتھ یتھ منٛز لاش ژھیٚپر اوِتھ اَس ہرگاہ سُہ یم چیز نبر کڈِتھ ہاوِس۔ مگر افسوس باقے ساری تھان اَتی ترٲوِتھ پھیُر اَکی سٕے یوٚ ڈٕ پٹُ تھان تہٕ تتھہٕ کنی گیہ لاش ننٛگ۔

سونچ تو یمن تژ شوٗنی زنین کیاہ حالت آسہٕ سپز ہژ۔ زنانہٕ ہُند مول گوو یوٗت خوفزدِ زِسہٕ پھوٗٹش یتھ اَتی۔ تسُند دوس سوداگرتس ژلیہ یہ وُچھتھ تژ ھ تُھ زِکر دِتی نُمتھ لبہٕ ستی اتھہٕ تہٕ جوان سوداگر رؤ داَتھ جایہ بظاہر سخت دوکھہٕ ہوٗت اور یور کران تہٕ ونان ''مے موٗیہ زنانہٕ ہتامیٲنی زنانہٕ ہاموٗیہ'' تہٕ تھانہٕ دارس آلوکران زِژ کر تحقیقات تہٕ قاتلس دِسزا۔

''یارا، ژھو پہ کر، کر ژھو پہٕ۔'' پننہٕ امہٕ کربکہٕ ریکہ کھالناوکھ ژمے اَمس زنانہٕ ہُند خوٗن اٹہٕ بارِ'' وؤنس سوداگرن۔

''مہ کرمےٚ ؤتی ژٕ کہنی۔ بہٕ سمجھاوَن سإٔلم کینٛہہ پولیس۔'' سوداگرٕ سُندٕ اتھٕ یُس تمہٕ سبٹھا نرمی سان اَکھ ؤندِس پھکِس پیٹھ اوس تھووُمت بون والان وۄنُس جوان سوداگرن۔

''میانہِ یارا۔ ژٕ سونچ۔ ژےٚ کیاہ فأیدٕ چھی ہرگا کانٛہہ مرِ۔ دیوتاہن چھےٚ پتاہ زِ مےٚ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ راہ۔''

''بہٕ چھُسے ونان۔ مےٚ ترٛاویلہٕ۔ مےٚ گژھہِ انصاف''۔ کریکھ دِتھ وۄنُس جوان سوداگرن۔ ''ژےٚ میلی پننہِ اَمہِ ظإٔلم حرکژ ہُنٛد سزا۔''

''یارا'' سوداگرن وۄنُس ''بہٕ چھُسے ژےٚ منت منگان ژٕ روزٕ اتھ کتھہِ باز۔ یہِ کینٛژ ہاژ ونکھ تہٕ دِمےٚ مگر صرف مَتہٕ ترٛاو تہٕ یہِ کتھ نبر۔ ہرگا یہِ کتھ نبر دزلیہٕ تہٕ یہِ کتھ زِ لاش سپٕز میانہِ گرِ برآمد تہٕ یہِ اَس پۄژ تھانس وٕلتھ یتےٚ ثبوت چھُ مےٚ خلاف کافی۔ میأنٛی سإٔلم دولت، میٛون مال، میأنٛی سأری چیز گٔے ژےٚ مگر میٛون عیال تہٕ میٛون ناو بچاو تہٕ۔''

یتِس کالس اوس زنانہِ ہُنٛد مول تہٕ حبسہٕ آمت تہٕ تَس ؤتی یِیلہٕ کتھ سپٕز مون زِ سُہ سوچہِ پی تسنٛز کوٚراَس دیوتاہَن ہنٛزٕ مرضیہ۔ کنٛہ موٚمژ تہٕ تمہٕ کِ ؤندِس دوست یلےٚ سوداگرس اوس نہٕ اتھ منٛز کانٛہہ راہ تہٕ اَمہِ سوچہِ خأطرٕ رٹہِ سُہ دوستہٕ سنٛز روپیہ تہٕ مال رشوت زٕنگو۔

اَمہِ پتہٕ پھیرِ سوداگر تہٕ تسنٛد زامتُر واپس۔ واپس پکان ووٚن زامترِ ہیہرس زِ مےٚ دِگرِ گژھنگ اجازت تہٕ کوٚرنس اَتی پیٹھہٕ روخصت۔

أمی ہسٹر موج گیہ أمی ہسٔدِس ہؤت جلد واپس ییٚنس پٔتھ حأران سُتہ ییٚلہِ یہِ زنانہِ ورأے وُچھن۔ تٔمی وۄن ماجہِ مےٚ چھُ ارادٕ زِ بہٕ اَنن سو پتےٚ پٔھن۔ تہٕ گرِتھ تہٕ ہیۄ کنہٕ تٔمی زیادٕ کالس یہِ ہرتھأوِتھ تکیاز تٔمی ہسٔدی یاردوس تہٕ حق ہمسایہِ أسی أمس برابر پرٛژھان روزان زِ تٔمی ہسٔدِس ژٕپری ییٚنس کیاہ وجہ چھُ اَمہِ کٔنز وۄن تٔمی یٔمن اورٕک یوٚرک بہانہِ گرِتھ تٔمی ہسٔدِس ہنگہ منگہ مرٛنس متعلق۔ اَمہِ پتہٕ آوتَس زور کرنہٕ زِ سُہ گرِن نوٚ و کھاندر مگر سُہ اوسنہٕ مانان تہٕ ونان اوس زِ مےٚ چھےٚ زنانن پٔتھ پرٛژھے رأدہرٕ۔

تَمو وۄنہس ''مگر سارے زنانہٕ چھنہٕ ہشے۔ کیٚنہہ چھےٚ رٕژ تہٕ کیٚنہہ خراب۔ کیٚنہہ چھےٚ زَنتہٕ چھجل بونہِ یِیمہِ کِس شِہلس تل انسان لرتہٕ أوِتھ آرام تہٕ سکوٗن چھُ پرٛاوان تہٕ کیٚنہہ چھےٚ ہیٚکے ہرٕ پٔٹھہٕ چہِ ہونہٕ یِیمہِ اللہ رنبر نیرٕن وِزِ انسانس زنگہِ چھےٚ ژۄپ دِوان روزان۔''

تِمس رۄدی یاردوس زور کران تہٕ چھیکرس وۄن تٔمی۔

''اِدسا۔شاید، گرٛھہِ میانہِ خأطرٕ کھاندر کرنُے جان مگر مےٚ گوٚھہِ پننہٕ مرضیہِ پٔتھ کھاندر کرنُک اجازت دِنہٕ یِن۔ یوسہ زنانہٕ پننہٕ شکلہِ، عادتو تہٕ اخلاقو کنٔز مےٚ خوش کرِتسی ۂتی کرٕ بہٕ کھاندر بیٚیہِ تہٕ کانٔسہٕ ہتی۔''

کیٚنژٕ دۄہ ہیٚرٕ تٔمی زنانہٕ ژھانڈٕنی۔ سُہ گوٚو تِتھ شہرس ییٚتہٕ سُہ سوداگر روزان اوس تہٕ تیٚمس نِش سُہ کیٚنژن وٕری یَن مُلاَزِم اوس تہٕ تیٚمی ہسٔدی نیچوی تٔمی ہسٹرِ سأج ہتی کھاندر اوس کوٚرمُت۔ یہِ وۄت سوداگر سُند گرٕ تہٕ ییٚلہِ تٔمی کٔرٕ یہِ وُچھ زِ سُہ چھُ خوشحالے تٔمی دیُت بیٚیہِ أمس نوکری خأطرٕ درخواست تہٕ ژٔھس واژٕ ہسٹرِ نوکری۔

أمِس سوداگرس اُس اَکھ سبٹھا دانا، مأری منز تہٕ پاک باز کوٗر۔ تمۍ ہنز دلنأیی، خوٗبصورتی تہٕ رٕژر اُسی مُلکس پھہٕرٕنی۔ یہِ ثابت کرنہٕ خاطرٕ زِ سو چھا تیژ جان یژ سو آسنۍ گژھہِ اَمی مقصد اوس سُہ دُبارٕ اُمی ہنٛدِس مألِس نِشہِ نوکری کرنہِ گومُت۔

اکہِ دوہہٕ بأو سوداگرَن یہِ خأہش زِ سُہ گژھہِ ہے أکِس مألِس یُس اُمۍ ہنٛد گرِ نِشہِ واریاہ دوٗر رلگن وول اوس۔ سُہ اوس پننٛہ زنانہٕ تہٕ باقٕے عیال تہٕ ستۍ نین یژھان مگر یہِ اوسُس نہٕ سمجھ یوان زِ یہِ کتھہٕ کنۍ ہیکہِ سُہ کرِتھ۔ لہذا اپٕژ تمۍ زنانہِ مشورٕ تہٕ تمہِ وۄنُس زِ أسی تھاوون یہِ خوبصورت تہٕ رٕژ کوٗر گری تہٕ سو تھاوِ گرس تہٕ باقٕے چیزن نظر گُزرتہٕ بییہِ پزٕنہٕ تَس وۄنی لوٗکہٕ جسرَس منز گژھُن تکیا زِ سو چھےٚ بالغ تہٕ کھاندرس چھےٚ وأژمژ۔ سو روزِ بُجہِ دایہِ ستۍ تہٕ واژٕ تہِ چھُس پیٚتۍ۔ دایے نیٚس پانٕے پننہٕ نِس کُٹھس منز کھمن چَن۔

لہذا گٔے تم سأری مألس ماسوایہِ یہِ رٕژ تہٕ مأری منز کوٗر، دایے تہٕ واژٕ۔ واژَس اوس وَننہٕ آمُت زِ سُہ تھاوِ گرُک خیال تہٕ بییہِ روزِ کورِ ہنٛدِس کھنبس چھبس حبسہٕ۔ کُنہِ تہِ صورتَس منز اَژِنہٕ تمۍ ہنٛدِس کُٹھس منز تہٕ تھووہس خوف زِ ہرگاہ تہٕ کوٗرِ تھ تیٚلہِ چھی جرمانہٕ تہِ بُرن تہٕ بییہِ پکھ کڈِتھ ژھننہٕ۔

یٚیمہِ دوہہٕ سوداگر تہٕ تمۍ سُند عیال دژاو تمہِ دوہہٕ صُبحأے دژاو اتفاقَن یہنٛدِ گرِ کنۍ مُلکہٕ کِس بڈِس وزیر سُند نیٚچو تہٕ اَتہِ وُچھن یہِ خوٗبصورت کوٗر دروازس پیٹھ وودنہِ۔ أمۍ سُند حُسن وُچھِتھ آو تَس غش۔ یام سُہ پننہٕ نین جَبن منز آو سُہ ژاو تمی درواژٕ کنۍ مکانس اندر یٚیتہِ تمۍ یہِ کوٗر وُچھمژ أس اتہِ سمکھیاو واژس تہٕ وۄننس ژٕ کرتہٕ

کوٗشش تہٕ یہِ سمکھاوتَن مےٚ ئہ گرٕ ہاأمس ئستی گتھ تہٕ وعدٕ کورنس زِہر گاڑ اُتھ منز کامیاب سپدَ کھٔہ دِمے وار یِہہ بوٚ ڈ انعامہٕ۔

''جناب، یہِ گوو سورُے فضوٗل'' وازَن دِتُس جواب'' مےٚ چھُ مأ لکن مُکمل پأٹھۍ اٗمس کُٹھس منز کھمن چن واتناوُنس ٹھاک کوٚرمُت۔''

''مگر ئہ چھُسے ژےٚ التجا کران زِ ژٕ کر کوٗشش تہٕ میانہِ خأطرٕ کرتہٕ یہِ'' وزیر ہٕندی لڑکَن کوٚ رُس زور۔

''ئہ ہیکہٕ نہٕ کٔرِتھ'' وازَن ووٗنُس۔ ''صرف چھےٚ دا ے أمی ہٕندِس کمرس منز اژان گژھ وَن ٹمی ہے''

''کرتَس وٗلی وٗلی آلو'' وزیرِ ہٕندی لڑکن ووٗنُس صرف گژھن یہ مُلاقات طےتوہہٕ دوشوٗنی دایہِ تہٕ تہٕ ژےٚ تہٕ دِمہٕ ئہ بٔڈی انعامہٕ۔''

کینژ ومنٹوپتہٕ آیہِ دا ے یہٕمہِ وارِیہہ بوٚ ڈ رقم ارۄ ٹ تہٕ فل فوروا تنووُن وزیر سُند نیٚچو پَنہٕ نہٕ اٗمس لو کچہِ مأ لکِنہٕ ہٕندِس کمرس منز۔ اور اَژنہٕ وِزِ ہرژھس سوداگر کور زِ ژٕ کُس چھُکھ تہٕ کتہِ پیٹھہٕ آ کھ۔ زِ سبٹھا ضروٗ ری سوال یَمن جواب زانہٕ پتے سو وَنہٕ ہے ئہ، کتھہٕ پأٹھی یمہٕ اٗمس پیش۔ ٹمی دِتُس جواب ''چون یہ مأرِ موٗند موکھ وٗپچھتھ آس ئہ ژےٚ ئستی ملاقات کرنہٕ ئہ چھس وزیرِ سُند نیٚچو۔''

''اِدآس تہٕ'' ٹمہٕ ووٗنُس ''مگر اَمہِ برٕ وٗنہہ زِ ئہ کرٕ ژےٚ ئستی دوٗیم کتھ ژےٚ پیٚیی مےٚ اَکھ لچھ روپیہِ دیٚن۔''

وزیرِ ہٕندی نیٚچوی ترٛ ووٗلی وٗلی چندس اتھہٕ تہٕ اُتھ متعلق پرولنہٕ کۄڈِتھ تھووُن

یہِ اُمس بڑ وٚنہہ کنہِ۔ پَتہٕ وٚنُس تمہِ ''ژبے ہاٚوتھ بہادری۔ مگر ژےٚ چھیا پتاہ زِ یمہِ گتھِ باتھِ خاطرٕ کوتاہ خطرٕ ہیوٚتُتھ ژےٚ ہرگا ژےٚ مول بوزی سُہ گژھی ژےٚ ناراض تہٕ ہرگا میانٕی مالی چون یورٕیُن بوٚزسہ کرِ نہٕ مےٚ زانہہ تہِ معاف۔'' تہٕ پَتہٕ دلیہِ گن پھیرِتھ یوسہٕ ژلٹہٕ کوٚٹھ کرِتھ درواز س نشہِ اُس بہِتھ۔ تمِس کوٚرُن حکم زِ ژٕ گوٚژھہ کینژہ ہا اَن چنہٕ خاطرٕ۔ ییلہِ یہِ اَنہٕ آو تہٕ تمہِ پھرٕ زٕ پیالہٕ اَکھ پانس خاطرٕ تہٕ بیاکھ وزیرزادَس خاطرٕ مگر تمہِ ترٛووٕ بڑٕ چالاکی سان تتھ پیالس منز بیہوشی ہُنٛد دوایُس تہٕ پُٹھس بڑ وٚنہہ کنہِ تھوو۔ اَچھ لٕجہٕ تَس پتہٕ تہٕ تُمی تُل پیالہٕ تہٕ نیوٚن گرٛدٕ گرٛدٕ کران چَتھ یہِ اَتھ منز اوس۔ اَمہِ پَتہٕ کرِ یمو گرٛشتانی کتھے۔ دواوس بڑٕ تیز تہٕ ستی کوٚرُن پنُن اثر۔ اُکِس یادوٚن منٛٹنے منز اوس وزیرلا رہیوٚ پیوٚمُت۔ ییلہِ تمہِ یہِ دُچھ تہٕ سواگرلر وٚن دلیہِ زِ یہِ ژٕ نن تہٕ ترٛاوُن گری گانس منز۔ مگر دلیہِ ہیوٚکے نہٕ سُہ کُنے زنہٕ تہٕ ہیٚل وازس وُنُن مدد کرنہٕ خاطرٕ۔

ییلہِ وزیرزادَس ہوش آوُسہ گوٚوِ گری گانس منز پان وُچھِتھ حاٚران یینہٕ تُس اَندری پکِ گرِی یاٚتی اُسی۔

''او۔ اَمہِ زنانہِ تاٚرمےٚ'' تُمی وٚن پانسے ستی سُہ وٚتھ تھوٚد تہٕ دراوٚ تہٕ نبر سُہ گووٚنہٕ توتہِ بدل تہٕ دوٚیمہِ دوہہٕ گوٚو سُہ بیٚیہِ تہٕ وٚنُن دایہِ مےٚ کرنا دیا کہ ملاقات تہٕ بیٚیہِ دِیتُنس رقما ڈالی۔ سوداگرزادِ سوٚز شیٚچھ زِ وزیرزادٕ ترٛاوٕ نیوٚن نہٕ اَندر یوٚت تانی نہٕ سُہ بیا کھ لچھ روپیہِ دِیہِ۔ تُمی دِژ روپیہِ تہٕ آو اندر ترٛاونہٕ۔ تَس وُچھِتھ دِیت سوداگرزادِ حکم زِ کینژہ ہاٚنو کھینہٕ خاطرٕ۔ اُکِس پلیٹس رلوو تمہِ اَکھ طاقتور دوا

یہو ہے پلیٹ تھو وتھمہِ پۄژھس کُن تہٕ تَس گوو نہٕ کہنی تہٕ شک تہٕ کھیوٚن یہِ تہٕ اُتھ ستی کھۄتَس ہِنٛدِ رتہٕ پھۆ اُتی تھے ۔ پتہٕ آو دلیہ تہٕ وازس آلو کرنہٕ تہٕ تھمو نیوٚ سہ دۄیمہ جھرِ گُری گانس منٛز تہٕ ترٛووُ کھ سہ تتہِ گربن ستی گنیس پیٹھ ۔

ییلہِ وزیر زادس دَوہک اتھ موکلیاو تہٕ زوٗنُن زِ اَز تہٕ تاَرے سوداگر زادِ سہ سپُد سبٹھا شرمندٕ تہٕ شرارت تہِ کھوٚتُس ۔ تہٕ گُرتھ ترٛاُ دنہٕ تُمی ہمت بلکہِ روٗداور گوھنہٕ خاطرِ اَگَس مکرٕ لاَ گتھ یتھ سہ اُمس بیٚیہِ وُچھِ ہے تہٕ بیٚیہِ روزِ ہے وارِ حبہٕ زِ سہ کیاہ چھُ کھوان یا چھوان ۔

بیٚیہِ دوہہِ گو وسہ بیٚیہِ اور تہٕ پرٲنی پاٹھی آس لچھ روپیہ منگنہٕ ۔ یُس تُمی دٕتی دِیت تہٕ جلدٕ ے ترٛووُ کھ سہ اندر تہٕ ۔ تتھہٕ پاٹھی سو گوڈٕ تہٕ کران اُس تتھے ٔکنٕ گرِن تمس کینٛہہ سوال تہٕ اَمہِ پتہٕ وۆتُن کینٛژھا اَنو کھینہٕ خاطرِ ۔

تُمی وۆنُس ''نہ نہ ۔ مہ کراز اپانس ۔ اَز چھنہٕ مے بلکل بوچھے ۔ یہ چھس نہٕ اَز ٹھیک ۔ وۆنس گو وے سوٚنچ زِ تہٕ ماما نکھ نہٕ تہٕ یہ گوھہٕ کینٛہہ ضروری کھیوٚن توے چھُ مے پرہیز وول کھین پانس ستی اوٚنمت یُس مے حکیمن وۆنمت چھُ ۔''

''مگر یہِ کوٚرُتھ ژے سخت غلط'' تمہِ وۆنُس ''یہِ کوٚھ عجیب کتھا چھے ۔ پۆژھ اَنہِ پانس کیٚتھ کھین ستی ۔''

''مے دِ معافی'' تُمی وۆنُس ''تہٕ ہرگاہ ژے کینٛہہ کھیوٚن آسی تیلہِ وَنہٕ یہ پننہٕ نَس نوکرس زِ تتھی گرِ گرم یہِ مے ستی چھُ اوٚنمت ۔''

''اچھا، دائی'' تمہِ وۆن ''مان اُمی سُنٛدے''

داے دژ ایہِ تہٕ پنٕنہِ مأ لکنہِ ہُنٛد اِشارٕ زٕٹھ تٕژ وُن تتھ پلیٹس منٛز دوایس تمہِ وزیرٕ سٕنٛدِس نوکرس وُشناونہٕ خاطرٕ پلنو و۔

کھمن سَپُد تیار۔ وزیرزادٕ سٕنٛدی وازَن اوٗن پنٕنہِ نس مأ لکہٕ سُنٛد تھال تہٕ دِلیہ اوٗن سوداگر کورِ ہُنٛد۔ یٚیمہِ گٔتھ ہٕنٛز پڑھ آسنہٕ کٔنہ زِ اَز ہیکہِ نہٕ کانٛہہ چیز غلط گوٚژھ توے کھو وزیرزادَن ٹھیک پأٹھی۔ تَس پیٚیہِ بیٚیہِ رٕنٛدِ رتہٕ تٕژ یٚیمہِ پھرِ آے ووٚنی وازِ تہٕ داے بلاونہٕ یُتھ تمٚ تِمس گری گانس منٛز واتناوَن۔

گأنٹہِ کھٔنٛڈی آوسہٕ پنٕنہِ نٕبن جامَن منٛز تہٕ یٚیلہِ تَس فِکرِ تو رزِ تَس تأرٕ کھاز تہٕ تُمٚ کٔڈی کریمانہٕ دُہٕ کیُتھ بے وقوف اوٗسُس۔ مےٚ راوٕ رٕی اُمِس زنانہِ پیٹھ تٕرٕ نے لچھ روپیہِ۔ ووٚنی گٔرٕ نہٕ بُہ کانٛہہ بیقلاٗ زی یٚیمہِ یور۔" یہِ ونان ووٚتھ سُہ تھوٚ دتہٕ گووگٔرٕ نہٕ اَمہِ پتہٕ گو ونہٕ اور گٔن زانٛہہ تہِ۔

یٚیلہِ وازَن اُمِس کورِ ہنٛز نیک سیرتی تہٕ دانأیی وُچھ سُہ گووتَس شیدا۔ "نے چھےٚ وارٚیہہ کورِ وُچھمٕژٕ" تمِی ووٚن پانٕسے "تہِ دُسبٹھا نیک سیرت داناتہٕ خوٗبصورت کور۔ مگر یژھ پاکباز، داناتہٕ مأری منٛز وُچھم نہٕ کانٛہہ۔ بُہ ہرگاہ کھاندر کرٕ تہٕ اُمی سےٚ تہٕ۔

اَمہِ پتہٕ کٔمہِ کأ لی آو سوداگر تہٕ تمی سُنٛد عیال واپس تہٕ وازَن ووٚنُکھ "نے دِیِو تنخواہ تہٕ بُہ نیرٕ تکیا زِ بُہ گرٕ ڈھہا گرٕ تہٕ وُچھہَن موج۔"

سوداگرَن مونٛس یِد۔ وے سہ تِتھِس جان نوکرس تٕژ اوٗن اوس نہٕ یژھان۔ تیٚتھہِ پأٹھی دژ اوواز اَتہِ۔

یام یہِ سوداگرزادٕ گرٕ ووٗت اَتہِ سےٚ تِہُنٛدی وارٚیہہ یار دوست تہٕ رِشتہٕ دار۔

تَس یِہ پڑژھنہٕ تہٕ تَسُند جواب بوزنہٕ خاطرٕ زِتَس گووٕنی یڑ کال آشنٕ ژھانڈنہٕ خأطرٕ گرِ دڑامتِس تہٕ آیائہ اوسا کانٛہہ لُبنَس منٛز کامیاب سپُد مُت تہٕ زانِنہٕ موکھہٕ اُسی تِم بےتاب۔

تِمی وۄنۍکھ زِ آئہ سپدِس اَتھ منٛز کامیاب تہٕ سوچھے تِمس سوداگرٕسنٛز کوٗریس نِشہ واژٕنۍ خُشخبری کأم اوسُس کران تہٕ یَس فلأنی شہرس منٛز چھُ بسان۔ تِمو یِلہِ یہ بوٗز تِم گۓ سأری شاد تہٕ سودلہِ کوٗرٕہَس مبارک تہٕ وۄنہٕس وۄن کرتہٕ جَلدٕے کھاندرُک تلاش۔ ڈٕلی ڈٕلی آو سوداگرس نِشہٕ کورِ مانگیہ خأطرٕ منٛزم یورا سوزنہٕ۔ پژ بتھ کانٛہہ چیز سپُد اطمنانہٕ سان۔ کینٛہہ کأل سپُد کھاندر۔ اَمہٕ کھوتہٕ بوٚڈ کھاندراہیکہٕ ہےنہٕ اَتہٕ سپدِتھ تِکیاز ِدوشوٕے گروتھاّونہٕ خرچنس کانٛہہ پَرگی۔ اَمہٕ کھوتہٕ جان رِشتہٕ تہٕ اوسنہٕ ممکن تِکیازِ دوشوٕے ڈٕرک اُسی امیر بییہ جوان تہٕ خوٗبصورت۔ پرٕ بتھ کأنٛسہٕ ہنٛز نِبو پیٹھ آسہٕ یہنٛز دولتٕ تہٕ مہرنی تہٕ مہراژٕنِد جوان تہٕ خوٗبصورت آسنٕچ گتھہٕ۔ کھاندرکہ دوہہ تہٕ اَمہٕ پَتہٕ واریہَن دوہَن اوس اَتھ شہرس منٛز شادیانہٕ۔

یِیلہِ وۄن نوش وأرِ روانہٕ آیہ تہٕ تِم پانہٕ وأنۍ اُسی۔ سو پیٹھ تَس بٕز وُٕنہہ گنہٕ تہٕ لأ جنس سام ہیٚنٛز یتھ زِیہ تژھس فِکرِ زِ آیایہ چھاتیوٗت ترٕک تہٕ گاٹُل یوٗت اَمہٕ بوٗزمُت تہٕ توقع کوٗرمُت اوس۔

مگر تِمی وۄنُس دٕیہ چھُس نہٕ وزیرزادِ زِ ژٕ کیاہ تارکھ مےٚ یانٛہہ لچھہٕ بوٚد روٗپیہ۔"

سو سپُز یِمہ گتھہٕ بوٗزِتھ حأران تہٕ گنٛوس شک زِ یہ چھُ سُے یُس تسنٛدِس

مأیلس نِشہِ واژ اوس تہٕ توَے چھِس سأری راز پَتہ۔

تَس گووٕ نہٕ یہِ خوش توے ؤڑھ تہٕ شوٚنج بیِیس پلنگس پٮ۪ٹھ۔ ترٛتھٕ کُنہٕ گُزرے کینٛہہ دوہ تمہٕ اُسی پانہٕ وأنی کم گتھہٕ کران تہٕ الگ الگ بسترن منٛز شونگان۔

یوٚ تانی مہرِ نی واپس مالٕین نِنہٕ آیہِ۔ سو آیہِ کینژَن ؤری یَن أتی تژ اونہٕ تکیاز تہٕنٛدی خانہٕ دار سوداگرزادَن سۆزنہٕ تَس زانٛہہ ناد۔

"اچھا۔ سُہ چھا یُتھ" أتی تژ اونہٕ آمژِ زنانہِ ییٚلہِ یہِ سۆنٛچ زِ تٔسنٛد خانہٕ دار چھُنہٕ تَس مالکَدرتہٕ ووٚنَن زِ "بُے أمس یوٚرتہِ فِکرِ تارٕ"

تمہِ ہیوٚت اَکھ سبٹھاہ نفیس، لوٚہَر تہٕ خوٚبصورت گُربیِیہٕ قیمتی کپرٕ ؤلتھ تہٕ سبٹھاہ مولہٕ لبوٕ لالو ستی جُرِتھ زیٖن سازتہٕ لاکم مُلی تہٕ اَمہِ پَتہٕ موٚنگُن مأیلس أکِس نزدیکی سفرس گژھنگ اجازت۔ ییٚلہِ تَس اجازت میوٚل۔ تُمی پور پانس أکِس سوداگرزادٕ سُنٛد رِختَ تہٕ مختلف قسمن ہنٛدی باپأری سامانہٕ ہیتھ دژ ایہِ گُرِس پٮ۪ٹھ سوار سپِدتھ أکِس لوکٹس کاروانس بژ وٕنہہ بژ وٕنہہ۔ ترٛتھٕ کنی وأژ سو واریاہَن مُلکَن تہٕ کینٛژٕ کالٕی وأژ سو چھیکرَس پٮ۪ٹھ تتھ مُلکس یتہٕ تٔسنٛد خانہٕ دار بسان اوس۔ اَمہِ گتھہِ ہُنٛد پور یقین سَپدتھ گیہِ سو بادشاہَس نِش تہٕ گرِن تُمس کینٛہہ جوأہر تہٕ باقے موٕللی چیز پیش تہٕ ووٚنُنَس زِ بٕہ چھُس اَکھ سوداگرزادٕ تہٕ أمی ہنٛدی موٕللی نذرانہٕ پیش کرنہٕ یِنَس پٮ۪ٹھ بڈ سُہ سبٹھا خوش تہٕ دِتُن حکم زِ یتیٚس کالس یہِ یتہٕ چھُ تیتیٚس کالس گژھہِ أمی ہنٛدِ خأطرٕ اَکھ خاص گرِمے نکھے متعین یُن کرنہٕ۔

تُمی ہنٛزِ خوبصورتیہ، رتیوٕ اطوار وتہٕ دانا مشاورت کنی گیہِ یہِ سوداگرزادٕ رخت

واپتھ وارِیہہ مقبوٗل۔ سوٗ اُس خاص دعوت دِنہٕ پنہٕ کٔنی کالہٕ پگہہ دربارس منٛز واتان تہٕ
گاہ بگاہ اُس راجس سٟتۍ تمہِ وِزِ نیران ییلہِ سُہ گرِس پیٹھ نیران اوس۔ اکہِ دوہہٕ
وۄن تٔس بادشاہَن زِ ژٕ کٔتٕن یہِ پٔنٕن گرمٕ۔

تمہِ وۄنس "عالی جاہ، توٗہۍ ہیکیوٗن یہِ بتھ ہرگا توٗہۍ مےٚ ژور لچھ روپیہ
دِیوٗ"۔

"ژور لچھ!" بادشاہَن وۄنُس "کینژہہ چھنہٕ پرواے مےٚ چھنہٕ گرتیٚوت
ضرورت زِ بہٕ دِمے ژےٚ یوٗت قمت۔"

اَمہِ سوداگرزادٕ رٔنتچہٕ لوگ پنہٕ نِس خانہٕ دارَس سٟتۍ تہِ یارلنہٕ یٔس نہٕ اُکۍ ہنٛدِ
اَصلُک رژ ھاتہِ ظون گو وحالانکہِ یہِ اُس اُکۍ مُتواتر دربارس منٛز تہِ وُچھمُت تہٕ اُکۍ ہنٛزٕ
گتھہٕ تہِ بوزمٕژ۔ تَس گو یہِ یار سخت ٹوٹھ تہٕ ییلہِ اَمہِ سوداگرزادٕ رٔنتچہٕ تَس پٔنٕن واپس
گوھنگ ارادٕ بوو یہِ سَپُد سبٹھاہ مغموٗم۔

"مےٚ چھُ پانٔس ژےٚ ترٛاوِتھ گوھنگ پھیران" سوداگرزادٕ رٔنتچہٕ وۄنُس
"وۄں کَروٗنہٕ اُسی اَکھ اُکۍ ہنٛدِس غمس بَرژر۔ وَنتم یہِ زِ بہٕ کیاہ ہیکے ژےٚ پنٕنہِ یارلنہٕ
باپتھ نذر لنہٕ دِتھ۔"

گۄریمتِس سوداگر ہنٛدی نیچوی وۄنُس "ییمہِ گوڈٕنکے دوہہٕ ژٕ مےٚ وُچھکھ
چاٹٕ اُکۍ چیزٕن نوٗمےٚ تتےٚ پیٹھٕ دِل۔ تہٕ سُہ چھُ چون یہِ خوبصورت گر"۔

اورٕ وۄنُس سوداگرزادٕ رٔنتچہٕ "مےٚ دِمعافی۔ بہٕ ہکن نہٕ یہِ ژور لچھ روپیو کھوتہٕ
کم قمتہٕ ترٛاوِتھ۔ ہرگا ژٕ یہِ رقم دِکھ تہٕ ژٕ ہکبہٕ ہَن یہِ گر بتھ۔"

مائِلس نِشہِ واژ اوس تہٕ توٚے چھس سأری راز پَتہٕ۔

تَس گوو نہٕ یہِ خوش توے وُڑھ تہٕ شوٗنج بیٚیس پلنگس پٮ۪ٹھ۔ یتھہٕ کٔنۍ گُزرے کیٚنہہ دوہ تہٕ تمہِ اُسۍ پانہٕ واُنۍ کم کتھہٕ کران تہٕ الگ الگ بسترن منٛز شونگان۔

یوٚ تانۍ مہرِ نۍ واپس مالِنۍ ہِنہٕ آیہِ۔ سو آیہِ کیٚنژن ؤری یَن اُتۍ تراونہٕ تکیاز تہٕ ہٕندی خانہٕ دار سوداگرزادن سوٗ زنہٕ تَس زانہہ ناد۔

''اچھا۔ سُہ چھا یُتھ'' اُتۍ تراونہٕ آمژِ زنانہِ ییلہِ یہِ سوٗنچ زِ تَسُند خانہٕ دار چھنہٕ تَس مائلہ رتہٕ وونَن زِ ''بُہ اُمس یورِ تہِ فِکرِ تار''

تمہِ ہیوٚت اَکھ سبٹھاہ نفیس، لوٚہَر تہٕ خوٗبصورت گُر ییٚمہ قیمتی کپرٕ وُلتھ تہٕ سبٹھاہ مولہٕ لبۍ لالہ وٕستی جُرِتھ زیٖن سازتہٕ لاکم مُلی تہٕ اَمہِ پَتہٕ موٗنگن مائِلس اَکس نزدیکی سفرس گژھنُک اجازت۔ ییلہِ تَس اجازت میوٗل۔ تمۍ پور پانس اَکس سوداگرزادٕ سُند رِخت تہٕ مختلف قسمن ہٕندی باپأری سامانہٕ ہیتھ وژایہِ گُرِس پٮ۪ٹھ سوار سپدِتھ اَکس لوکٹس کاروانس برٕ ونہہ برٕ ونہہ۔ یتھہٕ کٔنۍ وأژ سو وارٕیہَن مُلکن تہٕ کیٚنژ کالی وأژ سو چھیکرَس پٮ۪ٹھ تتھ مُلکس ییٚتہِ تَسُند خانہٕ دار بسان اوس۔ اَمہِ کتھِ ہُنٛد پورٕ یقین سپدِتھ گیہِ سو بادشاہَس نِش تہٕ گُرِن تمِس کیٚنہہ جوأہرتہٕ باقے موٕللی چیز پیش تہٕ وونُنس زِ بُہ چھُس اَکھ سوداگرزادٕ تہٕ اُمۍ ہٕندی موٕللی نذرانہٕ پیش کرنہٕ یِنٛس پٮ۪ٹھ بُہ سُہ سبٹھا خوش تہٕ دِتُن حکم زِ یتھ کالس یہِ ییٚتہِ چھُ تیتِس کالس گژھِ اُمۍ ہٕندِ خأطرٕ اَکھ خاص گرِ مےٚ نکھے متعین یُن کرنہٕ۔

تمۍ ہٕنزِ خوبصورتیہِ، رِتیو اطوارو تہٕ دانا مشاورت کٔرۍ گیہِ یہِ سوداگرزادٕ رِخت

وانہٕ تِہ وارِ یَہِ مقبوٗل۔ سوٗ اُس خاص دعوت دِنہٕ پنہٕ کِنہٕ کالہِ پگہہ دربارس منٛز واتان تہٕ گاہ بگاہ اُس راجس ستی تمہِ وِزِ نیران یِیلہِ سُہ گرِس پیٹھ نیران اوس۔ اکہِ دوہہٕ وۄن تَس بادشاہَن زِ ژٕ کٔتِن یہِ پٔژن گرمےٚ۔

تمہِ وۄنُس ''عالی جاہ، توٚہیٚ ہیکیٚون یہِ بتھ ہرگا توٚہیٚ مےٚ ژور لچھ روپیہ دِیِو''۔

''ژور لچھ!'' بادشاہَن وۄنُس ''کیٚنہہ چھُنہٕ پرواے مےٚ چھُنہٕ گرتیٚوت ضرورت زِبہٕ دِمے ژےٚ یوٗت تہٕ قمت۔''

اَمہِ سوداگر زادِ رنجیٚہِ لوگ پنہٕ نِس خانہٕ دارَس ستی تہِ یارلنہٕ یَس نہٕ اُمی ہندِ اصلُک رژ ھاتہِ ظوٗن گو وحالانکہِ یہِ اُس اُمی مُتواتر دربارس منٛز تہِ وُچھمُت تہٕ اُمی سنٛز گتھہٕ تہِ بوزمٕژ۔ تَس گو یہِ یار سخت تُوٗٹھ تہٕ یِیلہِ اَمہِ سوداگر زادِ رنجیٚہِ تَس پٔژن واپس گوھنگ ارادٕ بوو یہِ سَپُد سیٹھاہ مغموٗم۔

''مےٚ چھُ پانَس ژےٚ ترٛاُوِتھ گوھنُک پھیران'' سوداگر زادِ رنجیٚہِ وۄنُس ''وۄں کرو نہٕ اُسی اَکھاُکی ہندِس غمس برٛژر۔ وَتم یہِ زِبہٕ کیاہ ہیکےٚ ژےٚ پننہِ یارلنہٕ باپتھ نذرلنہٕ دِتھ۔''

گوریمتِس سوداگر ہندی نیچوِی وۄنُس ''یٚمہِ گوڈنکے دوہہٕ ژٕ مےٚ وُچھکھ چاٛنٛزِ اُکی چیز زَن نومےٚ تنےٚ پیٹھہٕ دِل۔ تہٕ سُہ چھُ چون یہِ خوبصورت گرٕ''۔

اورٕ وۄنُس سوداگر زادِ رنجیٚہِ ''مےٚ دِمعافی۔ بہٕ ہیکن نہٕ یہِ ژور لچھ روپیو کھوتہٕ کم قمتہٕ ترٛاُوِتھ۔ ہرگا ژٕ یہِ رقم دِکھ تہٕ ژٕ ہیکہِ ہَن یہِ گرٕ نتھ۔''

گُرزِیمتِس سوداگرٕ ہِندی نیچوی وۄنُس۔ ''ژٕ کیاہ ییٚہ ونان، مخولہٕ چھکھا کران

سیٚوٕ دُ ے وَن ۔ مےٚ چھےٚ پزی کنی اٚمِس گری ہِنز خاہش۔''

سوداگر زادِ رٕنتیچہِ وۄنُس ''اِدسا گرٕ ھ ئبہ دِمہٕ نےٚ ژےٚ ییٚہ تژبن لچھن

رۄپیَن''

''نہ، نہ، تیۆت نہٕ'' وۄننس یورِ ''مےٚ وَن سیٚوٕ د قمت تہٕ ئبہ گنزرادے

دِنی۔''

''اِدسا دِزٕ ے لچھ تہٕ گُرگو وچون۔''

''نہ، ژٕ چھُکھ مےٚ شُراہیٚوٕ زاٚنتھ وُنہٕ تہِ گتھ کران۔''

''اِدسا ئبہ ہےٚ تیٚلہِ اَکھ پۄھ تِکیاٚ زِ ژٕ چھِہَم ناسبٹھاہ ٹوٹھ یار۔''

''یارس ہِتی ماوانہِ ییٚہ کرُن زِ گیلا دِموس تہٕ نمون لوٗٹتھ۔''

''اِدسا، اِدساتہِ ٹھیک۔ ئبہ کُننےٚ نہٕ ژےٚ ییٚہ گر۔ تِکیاز ژٕ چھُکھ مےٚ ٹوٹھ

توےٚ گےٚ ییٚہ ژےٚ۔ بَن ژٕ ے تہٕ مےٚ دِاٚمِس بدلہٕ زموٗنی۔''

''مُجراہ'' وۄنُس گزرِیمتِس سوداگرٕ ہِندی نیچوی تِکیاٚ زِ تُمی سوٗنچ اَمہٕ ہِتی کوہ

فرق پییہِ مےٚ ہرگانہٕ کاثہہ مےٚ وُچھِ۔ ''ٹھیک چھُ مگر مہربانی کرِتھ پننہٕ کاٗنسہِ دَنکھ۔''

اَمہِ پتہٕ روۄٹ سوداگرزادرٕ نتیچہِ پننہٕ نِس یارِ سُند کلہٕ اور یوردو یواتھو تہٕ گرِ نس

تِتھی زموٗنی زِتُمس لگی یمن جایَن زخم۔ اَمہِ پتہٕ دِیُتنَس گرتہٕ ہیٚوٕ تُنس رُخصت۔

اَمہِ پَتہٕ کینژہہ وقتا لوگ اَتہِ کنو بسکینو گُزرِیمتِس سوداگر زادِ ہِندِس نیچوی

پرٕ ژھُن زِ ژٕ کیاٚ زِ چھُھَن نہٕ زنانہٕ انان۔ ''سو ما چھےٚ گزریمژ کِنہٕ ترٕ اۄتھ ژھَنی تھَن۔''

تمیٚ ووٗنکھ درجواب ''نہ۔نہ، ہانہ۔مےٚ چھُ اِرادٕ زِ تژھےٚ مےٚ رٔژھ کھنڈ مہلت
ییہِ تژھے گژھہٕ بٔہ تہٕ انن۔''

خٲرا کہِ دوہہِ ضٕحاے دژاو یہِ تژھ گرٕس کھٔسِتھ یُس أمی دوٗن موٗنِن ہنٛدِس
موٗلِس اوس ہیوٗ تمت۔تہٕ سپُد پنہٕ نِس ہیمہٕ بابہٕ ہنٛدِس گرٕس کُن رولنہٕ۔اورواتنس
پتھ کوٗر رُکھ أمِس سخت عزت تہٕ بوٚ رٔہس لول۔سُہ روٗ داتہِ اَکھ ربتھا پیٹھی وٕقس۔
یُد وَے سُہ یوٗت بوٚ ڈتہٕ مالدار موٗہنیو اوس تہِ أستھ تہِ روٗ داتھ سأرکہٕ ہے وٕقس اَتہِ
گرٕس پلالہٕ کران۔سُہ اوس تَس دوہہَ کھرٕ کھرٕ کران، گھاسہٕ تہٕ ترٛیش اوٗسس دوان
تہٕ بیہِہ تہِ سأئلم کران یہِ ضرٗ رتھ اوس۔یہِ وُچھِتھ پرٛژھُس زنانہِ زِسُہ کیاہ زِچھنہٕ کأنسہِ
موٗہنوِس یہِ کرنہٕ باپتھ ونان۔تہٕ یہَے چھےٚ مشکل کأمتہٕ اکھُتہٕ چھےٚ نہٕ ژےٚ ہوِس روتہٕ
وأرِس شوٗ بان تہِ۔أمی ووٗنُس زِیہِ گرچھُ سبٹھا موٗلُل۔یہِ چھُ اکِہ پَلہٕ ژور لچھ روپیہِ
لوٗان تہٕ اَمہِ۔کٔنی چھُس کھوژان زِ موٗہنیو سٔرٕ کُنہِ لاپرواٗ ہی۔کٔنی گوٗ ژھ نہٕ أمِس کینٛہہ
کیٛتھ گژھُن۔

''ژور لچھ روپیہِ! گرلوٗیا ژور لچھ۔اِنسان ہے ییتس رقمس سبٹھاہ تھٔد
قسمہِ کبن گرہن ہُنٛد اَکھ بوٚ ڈ کھیوٗل ہتھ ہیکہِ۔خبر گس چھی ژےٚ تاران۔''

''اچھا'' سوداگرزادَن ووٗنُس یوٗرٕ ژکھہِ گژھِتھ ''ژےٚ ہکِ تتے یامتہٕ۔چأنۍ
مرضی۔ووٗل گووٗ مےٚ چھُ یہِ ژوٗن لچھن روپیَن ہیوٗ تمت۔''

تمہِ ووٗنُس ''اِد ساتیٛلہِ مانابہ چونے۔تکیاہ زِ بٔہ ہکہٕ اَتھ متعلق بلکل بدل
اُٹھی سوٗچتھ۔ژےٚ ہیوٗت تھٔن نایہِ گر دوٗن موٗنِن یمن ہنٛدی نِشانہٕ ژےٚ وٕنِس تأنی

گُزریمتِس سوداگرسندی نیچوِ وۄنُس۔ ''ژٕ کیاہ یہِ ونان، مخولہٕ چھکھا کران
سیوٚ دُے وَن۔ مےٚ چھےٚ پزٕی کنہٕ اُمِس گری سنٛز خاہش۔''

سوداگر زادِ رٕنتچہِ وۄنُس ''اِد سا گژھ ئہٕ دِمہٕ نَے ژےٚ یہِ ترٛہِن لچھن
روپین''

''نہ، نہ، تیوٗت نہٕ'' وۄننس یورِ ''مےٚ وَن سیوٚ د قیمت تہٕ ئہٕ گنٛزرادے
دُنی۔''

''اِد سادِزٕ ے لچھ تہٕ گرگو وچون۔''

''نہ، ژٕ چھکھ مےٚ شُراہ ہیوٚ زاُنتھ وُنہِ تہٕ گتھ کران۔''

''اِد سائہٕ ہے تیلہِ اَکھ پُھ تِکیا زِ ژٕ چھہم ناسبٹھاہ ٹوٗٹھ یار۔''

''یارس ستی ماواتہِ یہِ گرُن زِ گلا دِموس تہٕ نمون لوٗٹتھ۔''

''اِد سا، اِد ساتہٕ ٹھیک۔ ئہٕ کنٛنَے نہٕ ژےٚ یہِ گُر۔ تِکیا زِ ژٕ چھکھ مےٚ ٹوٗٹھ نہٕ
توے گےٚ یہِ ژےٚ۔ ئن ژٕ ے تہٕ مےٚ دِ اُمِس بدلہٕ زٕ موٗنی۔''

''مُجر اہ'' وۄنُس گُزریمتِس سوداگرسندی نیچوِ تِکیا زِ ثمُر سوٚنچ اَمہٕ ستی کوہ
فرق پیٚیہِ مےٚ ہر گانہٕ کانٛہہ مےٚ وُچھِ۔ ''ٹھیک چھُ مگر مہربانی کرِتھ ییہٕ کانٛسہِ وَنکھ۔''
اَمہِ پَتہٕ روٗٹ سوداگرزادرٕنتچہِ پَنہٕ نِس یارِ سُند گلہٕ اورِ یوردو یواتھوتہٕ کرِنس
ترتھی زٕ موٗنی زِ تِمِس لگی یمن جایَن زخم۔ اَمہِ پَتہٕ دِتٕنس گرتہٕ ہیوٚ تٕنس روخصت۔
اَمہِ پَتہٕ کینٛہہ وقتا لوگ اَتہِ کنہٕ بسکینو گُزریمتِس سوداگرزادِ سندِس نیچوِس
پرٛژھُن زِ ژٕ کیاز ِچھہَن نہٕ زنانہٕ انان۔ ''سو ماچھےٚ گزریمُژ کنہٕ ترٛاُ دِتھ ژہٕ ہنٛز تھن۔

تمۍ وۄنکھ درجواب "نہ۔نہ، ہانہ۔مےٚ چھُہ اِرادٕ زِ تتھےٚ مےٚ رٔژھ کھنڈ مہلت
ییہِ تتھےٚ گرٛھۍ بہٕ تہٕ انن۔"

خأرا کہِ دوہہٕ صُبحأے دزٲوۍ تتھۍ گرِس کھٔستھ یُس أمۍ دۄن موٗمنن ہٕندِس
موٗلِس اوس ہیوٚتمُت۔تہٕ سَپُد پنہٕ نِس ہیمہٕ بابہٕ ہٕندِس گرِس کُن روانہٕ۔اور واتنس
پتھ کوٚرُکھ أمِس سخت عزت تہٕ بوٚرہس لول۔سُہ رُود اَتہِ اَکھ رتھا پیٹھۍ وقتس۔
یُدوَے سُہ ییٚت بوٚڈ تہٕ مالدار موٗہنیوٗ اوس تہِ أستھ تہِ رُود اَتھ سأرکہے وقتس اَتہِ
گرِس پلالہِ کران۔سُہ اوس تَس دوہے کھرٕ کھرٕ کران، گھاسہٕ تہٕ ترٛلیش اوسُس دوان
تہٕ بییہِ تہِ سأرلِم کران ییہِ ضرُور رتھ اوس۔ییہِ وُچھتھ پرٛژھُس زنانہِ زِ سُہ کیازِ چھُنہٕ کأنسہِ
موٗہنوِس ییہِ کرنہٕ باپتھ ونان۔تہٕ یہےٚ چھےٚ مشکل کأم تہٕ اکھُتِ چھےٚ نہٕ ژےٚ ہوِس روتہٕ
وأرِلس شوٗبان تہِ۔أمۍ وۄنُس زِ ییہِ گرُ چھُ سبٹھا موٗلُل۔ییہِ چھُ اکہِ پَلہٕ ژور لچھ روپیہِ
لوان تہٕ اَمہِ کِنۍ چھُس کھوژان زِ موٗہنیوٗ ہٕنزِ کُنہِ لاپروأہی کِنۍ گوٚژھ نہٕ أمِس کینٛہہ
کیٛتھ گرٛھُن۔

"ژور لچھ روپیہِ! گرُ لوٗیا ژور لچھ۔اِنسان ہے ییٚتِس رقمس سبٹھاہ تھدِ
قسمہٕ کِبن گرٛ بن ہُندا اکھ بوٚڈ کھیوٚل ہتھ ہیکہٕ۔خبرگس چھی ژےٚ تاران۔"

"اچھا" سوداگرزادَن وۄنُس یوٚرٕ ژکھہِ گوٚہتھ "ژےٚ ہۍ تنے یامتہٕ۔چأنۍ
مرضی۔وۄں گوٚوُ مےٚ چھُہ ییہِ ژۄن لچھن روپیَن ہیوٚتمُت۔"

تمہِ وۄنُس "اِدٕ ساتیلہِ مانابہٕ چونُے۔تِکیازِ بہٕ ہکہٕ اَتھ متعلق بلکل بدل
اُٹھی سوٗچتھ۔ژےٚ ہیوٚت تھَن نایہِ گرٛ دۄن موٗمنن یمَن ہٕندۍ نِشانہٕ ژےٚ وُنیس تانۍ

گلہٕ پیٹھ چھِی۔

جوان سوداگرن ییلہِ یہِ بوٗزُٕ تِمو ترٛٲو وجل گرٛہتھ گلہٕ بوٗن گُن۔

تمہِ ووٚنُس "اکہِ دوہہٕ تھیٚچاتھ ژٕ نے مےٚ نِش پننہٕ دلنٲئی تہٕ چالاکی ہُندٕ تہٕ توٚے سوٚنچ مےٚ زِ یہٕ تارے ژٕ نے فِکرِ زِ ژٕ چھکھ نہٕ تیوٗت داناتہٕ زیرک یوٗت ژٕ نے پنُن پان چھی باسان۔"

پوٚزٕ چھُ "تِمہِ ووٚنُس" ژٕ نے ہیٚچھنو تھٔس یہٕ اَزاَکھ سبق۔ ژٕ چھکھ دوستہٕ تہٕ بٕ ژاٹھ مےٚ بخش ووٚنی تہٕ بیٚیہِ برُم یوٗلولتہٕ ووتھ یہِ گرٕ واپس۔"

تمہِ کوٚرُس اِقرار تہٕ دوٚیمہِ دوہہٕ دِژاے تم سوداگرزادٕ ہٕندِس مُلکس کُن تہٕ وارٕ پٲٹھی واتی اور۔ لتہِ روٗدی تم واریاہن وٕرِین مَزس منز خوش تہٕ خوشحال پٲٹھی لسان بسان۔

(راوی: پنڈت مکند باپو، سوٚتھ سرینگر)



# دُہلی ژٚوٗر تہٕ روت ژٚوٗر

دَپان أکِس زنانہِ أسی زِ خانہٕ دارا کھاوس تَس ءَتی دٕہَس روزان تہٕ دۆیم راتَس۔ یِم دٕشوَے أسی ژٚوٗر۔ أکِس اوس ناو دُہلی ژٚوٗر تہٕ بێیِس روت ژٚوٗر تہٕ کیاز گوڈنیک اوس پَنٕنۍ تِیچھ کامہٕ ہَن دٕہلہِ کران تہٕ دۆیم راتھ کُیٛتھ۔ یِمَن أس نہٕ کانٛسہِ أکِس یہِ پتاہ زِ ءتِسنٛز زنانہِ کیاہ چھُ بیا کھرون تِکیاز دُہلی ژٚوٗر اوس دہَے گاش یِنہٕ برٛ نیران تہٕ تورٕ اوس نہٕ اَنہِ گٹہِ بۄ ژٕھہ واپس پھیران یِیلہِ زَن روت ژٚوٗر ہمیشہ لنہِ گٹہِ بۄ ژٕہے گرٕ اوس نیران تہٕ گاش پھولنہٕ بۄ ژٕھہ اوسنہٕ گرٕ اژان۔ دٕہابٔنیاو زِیم ءسمکھی پانہٕ وأنی تہٕ اِدٕ لۭجھ اکھا کی ءسنٛز خبر۔ تِم سپدی یہِ وُچھتھ سبٹھاحأران زِ تِم أسی أکی ہے گرٕس منٛز روزان تہٕ دٕشوٕنی أسکھ زنانہٕ تہٕ اَکے۔ گوڈٕ بیوٗڈھنہٕ یِمَن اکھا کی سُند وَنٛن مگر یِیلہِ تِم گرٕ آے تہٕ پرٛژھکھ زنانہِ زِ ژٕ کہنٛز آشنٛی چھکھ تہٕ اِدٕ تورٕ تِمَن سورٕے کینٛہہ فِکرِ۔ سوٗأس تِمَن دٕشوٕنی ہنٛز آشنٛی۔ وۄن اگراوٗت تانی یہِ معاملہٕ سیوٗدسیوٗدٕے اوس پکان تِکیاز اِزاوٗت تانی اوسنہٕ تِمَن اَتھ متعلق کہنٛ تہٕ پتاہ اماپوٗ زوٗن ماچلہِ ہے یہِ۔

تِمَو وۄن زنانہِ زِ أسی ہمکوٕ نہٕ ژٕے دٕشوَے خانہٕ دار أستھ۔ لہٰذا وَن ژٕے زِ اَسہِ دٕیو منٛز کُس أکِس ءَتی رٛژھکھ ژٕ روزُن۔ یُتھ زَن بیا کھہیٛوٗ نیر تہٕ گُنہِ

بدل جایہِ لَبہِ ٹھِکانہٕ، زنانہِ وۄنُکھ درجواب۔ بٔہ روزٕ تسٕ أکِس ہتی یُس یمہِ یوردٕن دۄہَن اندر مےٚ سارِوے کھوتہٕ موٚلُج سَن دِیہِ أنتھ۔"

"تہٕ کیاہ گووجان" ژۄرودِس جواب۔

دۄیمہِ دوہہٕ صُبحٲے وۄتھ دُلکی ژۄر تہٕ لوٗکن امیرانہٕ لباس تہٕ روت ژۄرن کۆرن آلوتہٕ وۄننس زِ ژٕ بن میوٗن موٚہنیوٗ۔ تٔمی تہِ موٗنُس تہٕ دژاے تم برٛونٛہہ کُن۔ دُلکی ژۄر رۄدبڈ کمامہٕ سان أکِس امیرِ لال فروش ہٕندِس وانَس کُن پکان تہٕ تَس نِش وأتِتھ تہٕ تَس سلامابندیکھا کٔرِتھ وۄننس "بٔہ چھُس بادشاہ صأبَن کینٛہہ سبٹھا موٗلِلی لال جوأہر مٔلی ہینہٕ خأطرٕ مُقرر کۆرمُت۔"

"اَچھا۔ اَچھا" یہِ گیہِ مہربأنی زِ ژےٚ رۄدسےٚ بٔہ یاد۔ تھأوِو تشریف تہٕ کینٛژ ھا کھیٚو چیٚو۔" وۄنُس لال فروشَن۔ یہِ ؤنِتھ نِی تٔمی یم ژۄر أندرِمس کُٹھس کُن تہٕ تھاوِنکھ واریَہہ مزدار ضیافژ برٛونٛہہ کَنہِ۔ یِتِس کالَس ہُمو کھنا چینا کۆرتِتِس دَرمِیانَس دوران أسی لال فروشَن کینٛہہ موٗلِلی لال جوأہر تہنٛدِ وُچھنہٕ باپتھ کڈِتھ تھأوِمٕتی۔

ژۄرَن وۄنُس "یہِ کیاہ کۆرتھ اصل۔" وۄں لگہِ نہٕ اَسہِ لال پسند کرنس زیادٕ وقت۔ سبٹھا رِتی چیز چھتھ ژےٚ کڈِمٕتی۔ بٔہ نمہِ یمہِ لال، یم نگ تہٕ کینٛہہ سونہٕ دانہٕ تہٕ بیٚیہِ کینٛژن قیمتی جواہرن ہنٛز دوژھِ کُن اِشارٕ کران۔ شاید یمہٕ تہٕ۔"

"مےٚ باسان أسی ہاوَ یمہٕ گوڈٕ بادشاہ صأبس۔ میوٗن یہِ موٚہنیوٗ بیہِ یمِ محلٕ خانَس منٛز تہٕ توٗت تانی بیہمہٕ بٔہ بیٚتی" اَمہٕ پَتہٕ تِسنٛدِس جوابس پژارنہٕ ورأی پھیٚورٕ نہٕ روت ژۄرس کُن تہٕ کۆرنَس حُکم زِ سٕہ گژھِن قلفور بادشاہ صأبَس نِش تہٕ تمِس ہاوِن

یم چیز تہٕ یُس یُس سُہ منتخب کرِ تمن ہُند ٕقمت لنہِ سُہ شاہی خزانہٕ منز۔" یام سُہ نیرٕ ن
ہیوٚتن تہٕ وۄننس "ژ یِلا گ زہنہٕ بہ پڑارے چانٕس پنس تانی ییتی۔"

روت ژۄ ردژ اوۄلی ۄلی اَتہِ تہٕ سیوٚ ۄدے واتناٗ وِن یم گہنہٕ جواٚ ہر زنانہِ نِشہِ۔
اَتھ دوران کُر ۄہلی ژۄرن ہند رِزولاتہٕ تہٕ چایہِ ہناتہٕ چیٚین۔ گاٗنٹا گوٚ ھتھ وۄتھ تھوٚد
تہٕ کُرن زامناتہٕ پڑژھن زِ بیت الخلا گتہِ چھُ۔ سوداگرن ہوۄنس بیت الخلاتہٕ آو
واپس۔ یِی اوس ۄہلی ژۄرتہٕ کانچھان۔ تَس اوس پتاہ زِ اَتھ چھُ دۄیم درواز یُس اَتہِ
پیٹھہٕ کوچَس گُن اوس۔ سُہ دژاو لیاٗری کرٕ تہٕ اَتھوٚ پیٹھی ووت پنٕنہِ زنانہِ تہٕ روت
ژۄرس نِشہِ تہٕ اوس پنٕنہِ کامیابیہِ پیٹھ اَسان۔

(راوی: لال چند کھنموہ۔ وُلر پرگنہٕ)



# عیار سوٗنُر

سونرا اَکھ اوس سونہٕ ، گلٕٹھ کٔرِتھ سرتلہٕ کٔری اَکس ڈبس منزٕ ستی ہیتھ وادی
ہنٛد بن گامن گٕژھن تہٕ لوکٔن سرین پھیران تہٕ یمن کربن سونہٕ ہنٛدی ؤنتھ تھ
تھوڑٕ ے مولہٕ کنان۔ یتھہٕ کنی دِیت تٔمۍ وارِیاہن سیٖدِ بن سادن لوٗکن دھوکہٕ۔ گ
اکہِ دوہہ گو وَتَس یہ نوٗن۔ اَکس تبلنگہٕ گرٕ ہِسی بایہ یَس نہٕ اَمی ہنٛدی روہ رکانہٕ
اَسی کران یوٗ ژھ زِ سو گَرَ اَمی ہنٛد بن وَسن پرکھاَیی۔ تَمہِ نی یم پننہِ اَکس وِنہٕ
نتیاس زِ یم ساری اَسی سرتلہٕ ہنٛدی تہٕ صرف اوسکھ پیٹھہٕ ہلکہٕ سونہٕ مُلہٕ مایہ۔ اَتھ
کھوٗت تَس سخت شرارت تہٕ سوچُن زِ اَمس تارٕ بہٕ فِکرِ۔ تَمہِ کوٗر خاوندس زار پار
وۆنُس زِ ئہ بٔرن اَکس ژٔٹس دوٗ ہے پھن میٚژ تہٕ پیٹھہٕ ترٕ اَوی نَس گبواَڈ سیر لتہٕ
یہ سونرس تہٕ کٔن تَس یہ گبو مولس۔ یہ اوس توقعے زِ تَس آوا تھ سوٗ گے پھن قیمت
یُتھ زِ تٔمۍ یہ مٔلی ہیوٗت۔ دوٗ یمِہ دوہہٕ توٗ رتَس اَمہِ تارن گری ہُنٛد فِکرِ مگر ژکھ
بدلہٕ گو وٕسہ اَمہِ خیالہٕ خوش زِ تٔمۍ سوٗ زِ اَمس گریسی تِس نادتہٕ دوٗ پنس نوکری کرکھا
اگر سہ مانہِ تیٚلہٕ دِیہِ سُہ تَس کینٛہہ کاَم۔ گریسی مون تہٕ پننہِ چالاک زنانہِ ہنٛدِ ہیچھنا
کٕنٛز لوٗکن سوٗنری ہنٛزٕ تارن گری منز پوٗر پاَٹھی تَس مدد کرُن۔

اَمہِ پَتہٕ کینٛہہ کالٕ گُزریاو شہرَس منٛز اَکھ امیر تہٕ بارسہٕ سوداگر۔ یِیلہِ اُمس

ژرے ژوردوہ دفنأوِتھ تِس گےٚ سوٗنٛرِ وۅن پَنہٕ نِس اُمس موٗہنوس "ژ بوزمیأنۍ گتھ۔

اُسی ہکو وُنہِ تہِ اُمی ہِنٛدِ کٔنۍ کینٛہہ حأصل کٔرِتھ۔" ژ گوٗھ تہٕ روز اُمی ہنٛزِ قبرِ منٛز

شوٗنٛگتھ تہٕ یہٕ گوٗھے اُمی ہنٛد بن گٔرِ کمین نٔش تہٕ وَنکھ زِ یہِ دارِ ہےٚ مےٚ روپیس داہ

ساس۔ ہرگاہ تِمو اَتھ انکار کوٗر تہٕ مےٚ چھُ پوٗرٕ پٔتھ زِ تِم گٔرن یی یہٕ وَنہٕ تِمن وُلو تہٕ اَتھ

بارس منٛز کٔرِ وموردس نِشے معلوٗم۔ ہرگاہ تِم آےتہٕ ژٕ نےٚ یِیٚنی یہوےقبرِ تلہِ چہ آوازِ منٛز

وَنُن زِ آ۔ یِزےٚ چھُ مےٚ یہِ قرضہٕ۔"

گُزہِسی وۅنُس "اِدِ کیاہ۔" تہٕ فورَن دزاوتہٕ ژاو قبرِ منٛز۔

یہِ سوٗنٛر وۅتھ تہٕ ووت گُزرِ یمِس سوداگر سُند گٔرِ تہٕ لوٗگنکھ پٔنُن قرضہٕ منٛگن۔

سوداگر ہِنٛدی رشتہٕ دار گےٚ حأران۔ تِمو وۅنُس زِ اَسےٚ تِمس ستی حساب کتابس متعلق

وار یہہ گتھ کٔرِ تہٕ بییہِ بہی کھاتَن تہٕ وارٕ پأٹھۍ نظر دِژ مگر اَتھ قرضس متعلق نہ بوٗز تہٕ نہ

وُچھ اَسہِ کینٛہہ۔ "یہِ کینٛتھ قرضا چھُ۔ کٔرِ اوسا ژےٚ نٔش رقم وۅزُم نمت کِنہٕ کینٛہ اوسنے

وۅزمس پیٹھ مٔلی ہیوٗ تمُت؟ پتِٕیہٕ کتھہٕ کٔنۍ اَسی نٔگہٕ وانٛز؟" یِمَن تہٕ تِھٕن سوالَن دِتی

سوٗنٛرِ اورٕ یوٗرٕ رٔلہٕ وِنۍ جواب تہٕ یِیلہِ تَس باسیاو زِ یِمَن نا بیوٗٹھ نہٕ کہٕنی تِمو وۅن تِمن زِ

اچھا پَگہہ صُبحس وأتو تو ہی سأری ییٚو بَجہ مقبرس پیٹھ تہٕ تَتی دِموٗ یہٕ ثابت کٔرِتھ زِ یہٕ چھُسا

پوٗز زونان۔

اَمی مطأبق سمےٚ سوٗنٛرِس سان (موردٕ ہِنٛدی) سأری بأژ مقبرس پیٹھ تہٕ لوٗگکھ

فاتح پٔرٕن تہٕ اُتھی منٛز گیہ قبرِ منٛزٕ کرابے ہش تہٕ اَمہِ پَتہٕ گیہ بییہ تہٕ کراےتہٕ چھیکرس

آیہِ اِنسانہٕ ہشڑٕ اَکھ سبٹھہٕ ہے سۆ ژ آواز "مےٚ کٔرِ و مدد، یٔہ چھُس سخت عذابس منز۔ خدایَن ژٕ وُٚس یٔہ جہنمس تِکیاز یٔہ دارِ سونٕرِس داہ ساس روپیہِ تہٕ یٔہ موٗ دُس تٔس نگھہٕ ووٗت کرنہٕ ورأیی۔ تۆ ہی دی تۆ یہِ رقم صدقہٕ یتھ یٔہ یمہِ عذابہٕ تلہٕ موکلہٕ ہا۔"

یہِ بوٗزتھ پھیرِ گُرز یمتس سوداگر ہشدی اَنگ اَشناو سونٕرِس کُن تہٕ منٛجہس معافی وۄنہس وولہٕ اَسی ہتی پکھ گرِ ییٚتہٕ اَسی ژٕےٚ یہِ رقم دِمہٕ ہوے۔ یتھہٕ کِنز روٗٹ سونٕری یہِ رقم مگر ہۄ گرٕ ہۆس یُس قبرِ منز اوس گوس مُشتھے۔ دۆن دوہَن روٗدسہٕ اَتھی ہُنی خاکہِ منز پٕران تہٕ ییلہِ نہٕ تٔمی اَمہِ پتہٕ وبترِ تھ ہیوٗک تٔمی ڈاج اور یور پانس پیٛٹھم میٛتہٕ دراونبر۔ نہٕ گووسیوٗ دُے سونٕری سُند گرِ۔ یتھےٚ سہٕ تٔمی (سونٕری) وُچھ تٔمی ووٗن پننہِ زنانہٕ "بوز۔ یٔہ دِیےٚ ییٚتتھ درازِ زنتہٕ یٔہ موٗ دُمت چھُس۔ ژٕ نیر اَمِس درواز س پیٛٹھ بُتھہِ تہٕ ہکہٕ تہٕ ژ کھہٕ ہوٚت پرٕ ژھُس زِژےٚ کیاہ کوٚرُتھ تیمس۔"

ییلہِ گرٕ ہۆس درواز س پیٛٹھ ووت تہٕ اَتہٕ وُچھن ڈٔنگس پیٛٹھ سونٕر درازٕ دِتھ تہٕ اَمی ہشڑٕ زنانہِ ہُند ژ کھہٕ ہوٚت موکھ ڈۄٹھ سہٕ ژۆل لاَری یتھ زِتٔسی گرٕ ھی کرِ نہٕ اَمی سُند قتل کھاَنز تہٕ پھہٕ دِنی۔ "سارِنے چھُ پتاہ زِ یٔہ چھُس اَمِس موٚ ہنیوٗ" تٔمی دِژ کرِ بکھ تہٕ سوچُن زِ تم دٕنَن یہِ مور اَمی تمۆ ے روپیہِ خاطرِ یمہٕ تٔس میچھِ" اَمہِ کِنز ژۆل گرٕ ہۆس تہٕ تٔمی ہشڑٕ زنانہٕ یُوتاہ پلکھ تیوٗ تاہ جلد مُلکہٕ نبر۔ تہٕ پتہٕ دژاونہٕ تِہُند پۆی کُنہِ۔

(راوی: قادر امرا کدل سرینگر)



# شہزادِ کتھٕ لۆب پنُن خانٕہ دار

پَتھ کالہِ یوٚ ژھاً کِ بادشاہَن زِٕنہٕ گرِ نچوٚس کھاندرتٕہ اَمہِ خأطرٕ کوٚڈُن پنُن بوٚڈ وزیر أمی سٕندِ خأطرٕ مُنأسب رشتہٕ ژھانڈنہِ۔ وزیر دڑاو تہٕ ژھوٚنڈ ژھأر ڈِنس دوران سمکھُس بیٚیِس بادشاہ سُنٕد وزیرِ اعظم یُس پنٕہ نِس آغہٕ سٕنزِ خوٗبصورت کورِ خأطرٕ مُنأسب رشتہٕ ژھانڈنہِ اوس دڑامُت۔

''رُت ملاقاتا'' تَمو وۄن خوٚشی سان یِیلہِ تَمو پانٕہ وأنی اَکھأ رکس نِشہِ سفر کِس مقصدس متعلق بوٗز۔

''سأنی بادشاہ چھِ دولت، طاقت تہٕ اختیارٕ کنی برابر تہٕ شہزادِ تہٕ شہزأدی چھِ پڑھتھ لِکھتھ اَکھأ رکس لایق باسان۔ اَسہِ پزِ پَنٕن پنُن مُلک واپس گژھُن تہٕ گتھ گنڈنہٕ خأطرٕ تلاش کرُن۔''

یہِ اوس نہٕ کانٛہہ مُشکل معاملہ تِکیازِ دوشوٕے بادشاہو مون یِہُنٛد تجویز۔ کھاندرُک دوہ آو گنڈنہٕ۔ مگر افسوٗس، اَمہِ بڑ دہے گوٚریاو شہزادِ سُنٕد مول تہٕ اَمہِ رکِس نتیجس منز ژٕٹ دِوٕیم بادشاہَن یہِ گتھ تہٕ ژھونڈُن پنٕہ کورِ ہٕنٛدِ رشتہٕ خأطرٕ بدلُ شہزادِ۔ کھاندر آو گنڈنہٕ تہٕ مُقررو وقتس پیٹھ آو قبوٗل کرنہٕ آمُت شہزادِ پنٕنی خدم و خشم ہیتھ مہرازٕ

ہُنتھ تَمہِ مُلکہِ مٔنزٕ ییٚتہٕ کُس شہزادٕ سُند مول حالے موٚمُت اوس تِکیازِ یہے یا ژُ اُس
وَتھ۔ اَتھ دوران ہُوٗ زاُمی اُمِس متعلق سائلم کینٛہہ تہٕ پتہٕ زِ اُمِس کوٚت اوس گوٚ
تہٕ اُمی لاج اُمِس ستی دوستی تہٕ ژٕھس کھاندرس پیٹھ تیٚنٛج دعوت۔ لہذا دراو یہ اُ
خوٗ بصورت تیز رفتار گُرِس سوار گژھتھ یتھ زِ تماشاوٕ چھ ہے۔ پتہٕ پتہٕ اوسُس
گُرِس پیٹھ اَکھ مُلّا زِ ما۔ اوٗت وأتِتھ آو سُہ اُکِس عزت مند مسندس پیٹھ
بیہناونہٕ مگر تمی کھوٚنہٕ میوٚنڈ تہٕ تِکیازِ تَس اوس مالِکہِ سِندِ مرنک پھیران تہٕ اَتھ
دوٗ یمِس بادشاہ سِندِ نکار کرنک پھیٚنٹان۔ رسمہٕ مطابق اُس مہرِنی تہٕ اَتھ بجہ
موجوٗد تہٕ تمہِ وُچھ اُمِس شہزادٕ سُند دہ کھہٕ ہوٚت وضع تہٕ یوٗ چھِ راوِنی۔ تَس آو اُمِس
رحم تہٕ سوٗزِن پیٚنٛز دائے تَس نِش یہ زاننہٕ خاطرٕ زِ تمی کیازِ کھوٚنہٕ کینٛہہ تہٕ باتہٕ
ہٕنٛدی پاٹھی کیازِ ژٕلن نہٕ مَزٕ اَتھ درجواب وُنُس شہزادن زِ تمِس چھُ سالَس پرہیز۔
پَتہٕ گیہِ پانہٕ شہزادی تہٕ پرژھنس دٔلیل تِکیازِ تَمہِ ہیوٚ اَکنہٕ تِتھس موقس پیٹھ اُمی سُند دا
ہوٚت آسُن ژِ رِتھ۔

''اے شہزادی'' تمی وُنُس ''خسابَن چھکھ ژٕ میانی آشنی مگر چون مول
ژٕ سے بیٚیس دِوان۔ بہ گوسا مالِکہِ سِندِ مَرنہٕ مُفلس؟ بہ گوسا اَمہِ کِنی منحوس؟ تمی کیازِ
یہِ؟''

اَمہِ وُنُس ''مے چھُنہٕ پتاہ مگر بہ کرژے ستی کھاندر۔ ہرگا ژے تیز رفتار
چھی تیٚلہِ سمکھ مے ژٕ راتھ کیٚتھ فلانی وقتہٕ تہٕ بہ نیرٕ ژٕ ستی یوٚت ژٕ یژھکھ۔''
وقت سپُد نصف رأژہ ہُند مقرر ییٚلہِ شہزادٕ تہٕ شہزادی تیز رفتار گُرِس

اَکھ خدمت گار اوس تِمَن پَتہٕ بیٚیس گُرِس پیٹھ تہٕ دڑاے ستھ صدا روٗستے لتہٕ۔ کینٛہہ میٖل دوٗر نہٕ پَتہٕ پے اچانک شہزادِ کینٛہہ لال جوٗاہر یادیم سو پانس ستیٚ اُس تھاوِنۍ یڑھان تہٕ سوٗ اُس تِم اَنۍ یڑھان۔

''کینٛہہ چھنہٕ پرواے۔'' یہِ وۄنُس شہزادَن ییٚلہِ تَس فِکرِ تورِ زِ سوکوٗتاہ اُس تِم کانٛچھان۔

''مےٚ وَن کِتھ چھہِ تِم تہٕ بہٕ گژھہٕ تہٕ اَنگھ۔ تِم یُدوَے مےٚ وۄچھن تِمَن گژھہِ نہٕ مےٚ پیٹھ کانٛہہ شک تہٕ بہٕ ہیکہ سہل پاٹھۍ نوکرنا وِاُلتھ۔ مےٚ دِنیر نہٕ۔ ژٕ ٹھٔہر ییٚتہِ تھےٚ۔''

شہزادِ وۄن تَس زِلال کِتھ اُسی تہٕ سُہ گوٗو واپس تہٕ کُنہِ شکہٕ شُبہ ورأے تِم حأصل کرنس منٛز سپُد کامیاب۔ مگر افسوٗس صد افسوٗس ییٚلہِ سُہ واپس ٹٔتھ جایہ ووت ییٚتہٕ تِمۍ شہزأدی تھأوِمژٕ اُس تَتہِ ڈیشہِ نہٕ نہٕ سو۔ لیٚارِ اوس اَکھ ڈاکو دزامُت تہٕ تِمۍ ییٚلہِ اَتہٕ شہزأدی تہٕ خدمت گار شوٚنگتھ اُسی وُچھمتۍ تِمۍ اُس پَنہٕ بِنس اَکِس گُرِس لَدِتھ سوأتہٕ نِمژٕ۔

بیٚیہ دوہہ صُبحس ییٚلہِ بادشاہَن یہِ بوٗز زِ تسنٛز کوٗرأے نہٕ اَتہٕ سُہ سپُد سیٚٹھا زیادٕ پریشان۔ تَس اوسنہٕ سمجھی یوان زِ کیاہ پزِ کرُن۔ سُہ اوس سوچان زِ ''یا تہٕ چھےٚ سوکانٛسہِ ستیٚ ژٕجمژٕ نتہٕ چھےٚ سوکانٛسہِ شاطِر ڈاکوہَن نِمژٕ۔'' تہٕ کُرِتھ تہٕ تِرٛاونہٕ تِمۍ وومیدتہٕ اُمۍ سندِ بدلہٕ کوٚرُن پننہِ دوٚیمہِ کورِ اُمس شہزادس ستیٚ کھاندر۔

راژہٕ ہندِس اَنہٕ گِتس منٛز تورِنہٕ شہزادِ فکرِ زِ یہِ چھُ ڈاکو تہٕ یہِ زأنِتھ زِ یہِ چھُ

شہزادَے ووٚنُس تَمہِ ''ژےٚ لوٚگُے نہٕ کیٚنہہ۔ ژےٚ ٲنۍ تھا تم لال جواہر۔''

''آ'' ڈاکوہَن ووٚنُس ''مگر ٲسۍ کرونہٕ فلحال کیٚنہہ تہٕ کتھ۔''

تَس اوسنہٕ اَمہِ ساعتہٕ پننہِ پَرٕزناونہٕ پنٕنک پرواے مگر سُہ اوس کھوژان شہزادٕ دِ ثُلہِ کرٕبکھ تہٕ خدمَت گارس گرِ ہُشار۔ توے ووٚننَس یہِ۔ تُمۍ دورِنوو گرٕ یٚت پِلُس تیٚوٚت تیز یوٚت تانۍ سُہ جنگلہٕ کِس اَکِس اَنتھَس پیٹھ ووت تہٕ دوٗرِ اَکِس لوکٕٹِس گامَس کُن پھیوٚر ریٚتہٕ شہزادٕ دی ہنا آرام اَس یژھان کرُن۔

تَمہِ ووٚنُس ''نیرِ کینژھا اَن کھینہٕ خاطرٕ۔ گُرتھاوُن گُلِس گنٕڈتھ تہٕ نیر۔''

لہٰذا دراو ڈاکو۔ تُمۍ سوٗنچ زِ زنانہٕ موٚہنیوٗ گژھِ ہیکہِ کُنہِ ژٕنی گُرِس پیٹھ نیرِتھ۔ مگر تَس اوس یہِ خام خیال۔ شہزادٕ اَس بالہِ پانہٕ پیٹھے گُری سوارِ ہنٕز ہاَل تہٕ سوٗ اَس نہٕ تخت تبلہٕ ثُلن وٲلِس گُرِس کھسنس تہٕ کھوژان۔ اَمہِ کِنہِ تِتھے ڈاکو نظرِ ڈوٗل سو کھوٗر گُرِ نہٕ دراِیہِ۔ کینژھہ میل پکنہٕ پتہٕ واتٕ ژھوٗ اَکِس سونٕزی سُنٕد گرِ بیٚتہِ سوٗر کیِیہ تہٕ تُمن منٛجن تزٕلیش۔ اَمی ہِندِس حُسنس پیٹھ فریفتہٕ سپدتھ یوٚ ژھہ سونٕزی زِ یہٕ گرِ ہا اَمِس سٕتۍ کھاندر تہٕ ووٚننس یِی۔ تَمہِ کوٚرنَس یَتھ شرطَس پیٹھ آنکار زِ سُہ دِیہِ اَمس اَمی ساعتہٕ اَکھ سونہٕ سُند گنہٕ واجہِ ہُریُس ہتھ روپیہِ لوٗ۔ اَمہِ وقتہٕ اوس سوٗنٕر ملکانہِ خاطرٕ کینژھہ سونہٕ دَس گران تہٕ اَمہِ کِنہِ اوسُس سُہ چیز تیار بہ تیار یُس اَمہِ ووٚنُس۔ اَمی سونٛچ زِ یہٕ دِمہٕ اَمِس یوٚہے تہٕ گرِ اَمِس سٕتۍ کھاندر تہٕ پتہٕ نِمَس بییہٕ واپس۔

کھاندر اوس پگہہ کیٚتھ سپدُن زِ شہزادٕ دی ژٕج اَتہِ گُرِس کھسِتھ۔ سوٗ ژٕج تیٚوٚت تیز یوٚت گرٕ دِتھ ہیوٚک تہٕ کینژھہ میل ژھنٕڈتھ رُکے یہِ اَکِس پہرٕ نِش یوسہ

أکس مفلس تہٕ تمۍ سنزِ زنانہٕ ہنز اُس۔ تمہِ دِیُت یمن سونہٕ گنہٕ واجہٕ ہُر تہٕ بیٚیہٕ ہنز موٗللی لال جوأہرتہٕ موٗ نلنگھ کینژھا کھبنہٕ خأطرٕ بیٚیہٕ روزنہٕ خأطرٕ جاے۔ سورُے ژتمہٕ نے نِشہِ راتس تہٕ دۄیمہِ دوہہٕ صبحأے پوٗرُن مرٕ درخت تہٕ دژلیہ أتہٕ۔

سو وأژ گُرِس سوار سپِد تھ أکس شہرس یتھ بادشاہ یمنے دوہن موومُت اوس تہٕ تَس پتہٕ اوسنہٕ تختس بیہنہٕ خأطرٕ تُسند کانہہ وأرث۔ امہِ کنۍ اُسۍ وزیر تہٕ باقے یہ اراد کرتھ اُسۍ سوزون ہوٚس أمۍ سُند وأرث ژارنہٕ خأطرِ یُس أکس بڑ وٚنہہ کنہٕ ہوٚس نمہِ سے بنہِ بادشاہ۔ أتہِ سپُد عجیب معاملا زِ یام شہزأدٕ شہرس منز وأژ تَس پیوٚ ہوٚس بتھہِ تہٕ سہٕ نمیاوتَس بڑ وٚنہہ کنہِ۔ امہِ کنۍ آو تمۍ سنزِ بادشاہ بننک اعلان کرنہٕ۔

ہُپأرۍ یُس شہزادِ سُند خدمت گار شہزادِ نشہِ تھاونہٕ اوس آمت سہٕ سپُد ہُشار تہٕ أتہِ گُرِس تہٕ شہزادِ ورأے پٔتٕن پان گُنٕے زوٗن ڈیشتھ اوس دنیاہَس لتھ دِتھ جوٗگ بنیامُت۔ ڈاکوہن تہِ ییٚلہِ یہ وُچھ زِ سہٕ کتھہٕ کنۍ اوس شہزادِ بیقلو مُت تمۍ تہِ کوٗر اراد زِ سہٕ تژاوِ پٔتٕن یہ غلط کار تہٕ بنہِ گوسأنۍ۔ سوٗ نرۍ سوٗنچ زِ ییٚلہِ بادشاہ یہ بوز زِ مٔلکانہٕ ہِندِس گنہٕ واجہٕ ہُرِس کیٚاہ اوس سپُد مُت سہٕ کرِ مے قتل امہِ کنۍ کھوٗژ سہٕ تہٕ ژٔٹن مدٕنیچ وتھ۔ لہذا بنے یمہٕ تژنوے گوسأنۍ تہٕ پنہٕ نِس قسمتس پیٹھ ماتم کران اُسۍ دوکھہٕ ہتۍ تہٕ پریشان حال اورٕ یور پھیران۔

شہزأدٕ اُس خوشحال پأٹھۍ راجا کران۔ پنہٕ نِس اتھہ رٹس وأژ سو تتھہٕ پأٹھۍ زِ کأنسہٕ أکس گیہہٕ نہٕ شنیچ ژھاے تہٕ زِ سو کیٚاہ چھےٚ زنانہٕ۔ تَس اوس پھرۍ پھرۍ زور کرنہٕ یِوان زِ سہٕ گرِن پانس کھاندر تہٕ سو أس اونگ تھونگ وٗتھ اتھ ٹالان۔ مگر بو

اُس نہٕ خوش۔ سوٗ اُس شہزادس وُچھن تہٕ تَس ستی گتھہٕ کرٕنی یژھان۔ اکہِ دوہہ بادشاہن
تمہِ اکھ ناماوار ژِترٕ کار تہٕ پانس زنانہٕ رخت پأرِتھ ژِتُن تَس حُکم زِ سُہ بنأوِن اُمی سُندر زنانہٕ
تہٕ تتھہٕ کنٕ گژھِہ یہ باسُن زنتہٕ تَس چھُری پھٕٹے لاینہٕ آمژ تہٕ چھِے مَرن سَر۔ وژن گوو
سأئلم آوژٕ رِپأٹھی کرنہٕ۔ ژِتر کارس ورأے اوسنہٕ یہِ کأنسہِ پتاہ تہٕ تَس اوس یہِ گرزأ
تھاونہٕ خأطرٕ رشوت دِنہٕ آمُت۔ ییلہِ ژِترٕ تیار گو وتہٕ تمہِ لاگنو وِیہ شہرس منز اُکس راہ
عامَس پیٹھ اُکس لَبہِ۔ اُکس جاسوٗسس دِتُن حُکم زِ یُس شخصاہ اتھ متعلق کینہہ ونہ
سُہ اَنِن زِ ہن مےٚ نِشہِ۔

اکہِ دوہہٕ دژا اولیأ رِ کنٕ سُہ ژٕ رتہٕ اَتھ کُن وُچھتھ وژنن ''اوہو۔ یہِ چھُہ تَس
زنانہِ ہُندتصویر۔ ژٕ کِتھہٕ کنٕ ژٕ جلکھ، ژٕ کِتھہٕ کنٕ مأرِکھ کأنسہِ؟'' یہِ بوٗزِتھ رژٕ سُہ
جاسوٗسَن تہٕ واتنووُن بادشاہَس نِش ییمی تِمَس قأدخانس بَرنُک حُکم دیُت۔

ییٚمہ ساعتہٕ دراو اَپأرِی خدمت گار تہٕ تصویرس کُن وُچھتھ وژنن ''ہاے
شہزادَن نیگھ ژٕ پانس ستی تہٕ بہٕ ترٕ ووٗنَس جنگلس منز مَرنہٕ خأطرٕ۔ ژٕ کِتھہٕ کنٕ
مو یگھ؟'' یہِ وَنِنس پیٹھ آو سُہ بادشاہَس نِشہِ پکناونہٕ ییمی سُہ پٔژن سپہ سالار بنوو۔

اَمہِ پتہٕ دژا اولیأرِی سُہ سوٗرتہٕ وُچھن تصویر ''او'' تمی وژن ''ژٕ ے چھکھاہ
ییٚمہ مےٚ دوکھہٕ دیُت۔ بہٕ گوس خوش ژٕ مو یگھ'' سُتہٕ ییلہِ بادشاہَس نِشہِ نہٕ آو
دیُت اُمِس تہِ قأدخانس منز بَرنُک حُکم۔

پتہٕ دژا ے لپأرِی تم بُڈ بأ ژٕ زِ یمو تَس مہربأنی اُس کرمژ تہٕ تمو ییلہِ یہِ ژٕ
وُچھ تہٕ پرٕ زِ بأو کھ یہِ۔ تمو ہیوٚت وَدُن تہٕ اَمہِ پتہٕ آے تم بادشاہَس نِشہِ واتناونہٕ تیم

تہٕنٛدِ محل خانس منٛز روزنٕک تہٕ یہِ کینژھا تم یژھن تہٕ تمن آیتن تھاوُنک حُکم دِیُت۔

سارِنٕے اَخرس پتٕھ ووت شہزادِ اوٗت تہٕ یہِ تصویر وُچھتھ گوو بے ہوش۔

نہٕ ییلہِ ہوش آو تٕمۍ وُچھ پنٛنٕ پان بادشاہَس نشہِ یُس تَس وُچھان واشان اوس تہٕ یہِ محل خانس منٛز تھاوُنک حکم اوس دِتمُت۔ اَمہِ پتہٕ سبٕتھے کم کالی بنوو نہٕ اَمہِ پنٛنٕ بوٚڈ وزیر۔

ییٚمہِ کٔرۍ لکھ زبردست حاران سپدی۔ یہِ روٗد کینژس کالس تتھے پأٹھۍ چلان یوٚت تانۍ پتہٕ شہزادِ (مطلب بادشاہَس) یہِ اَمہِ زیادٕ وتر اَدِتھ ہیوٚک کنہٕ تہٕ لہذا اَگرن پنٛنۍ اصلیت تمس پتٕھ ظأہر ییلہِ شہزادَن یہِ زون زِ بادشاہ گَس اوس اصلی نہٕ سَپُد تیوٗت خوش یوٗت نہٕ ونس منٛز تتھے ہیکہِ۔

مُنأسب موقس پتٕھ کوٚر شہزادِ سارِنٕے لوٗکن پتٕھ یہِ سأرُے ظأہر تہٕ تمن وُوٚنُن زِ بادشاہی دِین تم تسنٛدِس خانہٕ دارس یہِ زَن لوٗکو تہٕ مون۔

اَمہِ ییور اَس پتہٕ شہزادَس یُس ووٗں بادشاہ اوس تہٕ تٔمۍ سٕٹر آشنہِ خوشی تہٕ یار جأیی۔ تمن زاے شُری تہٕ سبٕتھا وأنس کٔڑِتھ گنڈرے سبٕتھے عزتہٕ سان تہٕ یہنٛدِس مرنس پتٕھ پھیوٚر سارِنٕے لوٗکن۔

(راوی: پنڈت ژندرکول سرینگر)



# چالاک طوطہٕ

أکِس فقیرس اوس اَکھ زیرک تہٕ گَتھہٕ کُتول طوطہٕ یہِ اوس تَس ژُھٹہٕ
اوُسُس سخت قدر کران۔ اکہِ دوہہٕ ییلہِ نہٕ یہِ زیادٕ ٹھیک اوس تہٕ وۄنُن طوطس "ژٕ
چھُکھ نہٕ مےٚ کانہہ شُچھاہ خبراونان۔ ژٕ چھُکھ نہٕ زانہہ مےٚ کینٛہہ ونان۔"
طوطن دِتُس جواب "اچھا۔ بٕہ آسےَ ژےٚ ونان۔ بٕہ اوس سے نہٕ ژےٚ اِکِہ
ونان زِ کُنہِ دوہہٕ مابوز کھ ژٕ تیٚتھ ہیوٗ کینٛہہ یہِ ژےٚ ناگوار گژھی۔"
فقیرَن وۄنُس "تٕمیُک مَہ بر پرواے۔ میٚہ آس پز بتھ کینٛہہ ونان۔" دٕیمہ
دوہہٕ صُبحس ییلہِ فقیر تَتھ گامَس کُن دژاو یوٚت تَس گژھُن اوس تٕمۍ وۄن پننہِ زنانہِ شکار
ہنارننہٕ تہٕ پانس أڈ ہن کھبنہٕ تہٕ نصفا أمِس خأطرٕ گرم تھاونہٕ خأطرٕ۔ مگر زنانہٕ ژھُن یہ
سورُے کھبتھ۔ تس أس بوچھہِ تہٕ أمِس لوٚگ اَتھ تیٚتھ مَز زِ سوٚ ہیچ نہٕ اتھہٕ پتھ ژٕتھ۔
شامس ییلہِ فقیر واپس ووت تہٕ موٚنگُن شکار۔ تمہِ وۄنُس زِ سُہ کھوٚ سورُے بزار۔
تٕمۍ وۄنُس "چلو۔ ژٕ کٔیاہ ہیکہ ہگھ اَتھ کٔرِتھ۔ اَن تیٚلہِ بدل کینٛژھا مےٚ چھےٚ
سخت بوچھہِ لٔجمٕژ۔ اَز صُبحس گرِ نیرنہٕ پتہٕ چھُنہٕ مےٚ کہنٛہ تہٕ کھیوٚمُت۔"

زنانہٕ ییٚلہِ بتہٕ شیرٕنٛچ تیأری اُس کران فقیر پھیوٗرطوطس کُن تہٕ پرٛژھنس

''وَن سامیانہٕ ٹاٹھہِ طوطا۔ وَن اَزِچ خبرا؟''

''طوطَن دِتُس جواب'' ژے وۄنتے زنانہِ اَپُز۔ شکار کھوٚتمی۔ مےٚ دُچھ زِ

سورُے کھوٚ اَمہِ پانس۔''

زنانہِ کوٚر اَمی سِندِس وَننس مۄلے نکار تہٕ فقیرَن زون وۄں گژھ چھےٚ لڑٲی

لاگنی لہذا ادِیٚت تُمی یہِ باس زِتَس ہیٚٹھ زنانہِ ہنٛز گژھ۔ اَمہِ لوکٕٹہِ واقعہٕ پتہٕ اُس نہٕ زنانہٕ

یہِ جاناوارگرس منٛز تھاونس زِ ہنٛز تہٕ خوش۔ اِوموکھہٕ نہٕ زِ سو کیٛاہ اُس کأنٛسہٕ ستی مسایہ

ژٹان، بدکأری کران یا سو کیٛاہ اُس ژوٗرمگر سو اُس نہٕ الغأیہ تہٕ تیٚتھ لوٚکٹ حرکتھا

کرِتھ ہیٚکان یوسہٕ زَن طوطہٕ وُچھ ہے نہٕ تہٕ فقیرَس وَننہٕ رۄس روز ہے۔ لہذا اَگیہِ سو

خاوندس نِش تہٕ وۄننس ''اَسہِ چھُ وۄنی جان الگ الگ روزُن۔ وۄں چھی ژے

سورُے کیٛنہہ طوطے باسان۔ ژٕ چھکھ میانہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ اَمی سِندی ہے پَژھ کران۔

ژٕ چھکھ میانہِ کھوتہٕ زیادٕ اَمی ہے ستی گژھہٕ یِژھان کرنہٕ۔ بہٕ کرنہٕ ییٚمہِ پیٚور یہِ

برداشت۔ یا تہٕ کڈُن ژٕ طوطہٕ نتہٕ کڈمےٚ تہٕ اَسی ہیکونہٕ ترٛشوے سوکھہٕ سان اَکی ہے

گرس منٛز رۄزِتھ۔''

فقیرَس تہِ اَس زنانہٕ سخت ٹاٹھ تہٕ تُمی ییٚلہِ یمہٕ کلامہٕ بوٗزی تَس سپد دوکھ تہٕ

کوٚرنس یہِ وعدٕ زِ سُہ کرِنہِ طوطس۔

دۄیمہِ دوہہٕ صُبحس ییٚلہِ سُہ گرِس ہیٚٹھ وَتہٕ پکان اوس تہٕ طوطہٕ اوسُس ستی۔

طوطَن وۄنُس ''بوز میانہِ آغہ میأنی گژھ۔ ژٕ کنی زبہٕ مےٚ تِمس کأنٛسہِ نفرس یُس نہٕ ژے

سہ رقم دِیِ یُس ئہ وَنے۔"

فقیرن وۄنُس "ٹھیک چھُ۔ مےٚ تۆر فکرِ۔"

سُہ رۄٗ۔ سمندر بۆٚٹھس تانی پکان یُس تُمی ہۭنٛدِ گرِ پیٚٹھہٕ سبٹھاہ دۄٗر اوس تہٕ راتھ اُتی گزارنک کوٚرُن اِرادٕ۔

نصف راژ ہیوٚ وۄن تُمی طوطس "ئہ چھُس سخت تھوٚکمُت مگر مےٚ چھُنہٕ ہنٛدرے یوان۔ ئہ چھُس کھوژان زِ ہرگا مےٚ ہنٛدرِ پییہِ میٲنی مأدیانہٕ تہٕ ژٕ گوھنہٕ ژٲلنی۔"

"ہرگز نہٕ۔" طوطن وۄنُس "ژےٚ چھیا اُسی بےوفا باسان؟ ژٕ گراسہِ پزٕھ۔ گرِن یہِ مأدیانہٕ پننہِ حسابہٕ چکراتہٕ مُژراوِژٕ پنجرٕ تہٕ ترٛاوِ مےٚ بیلہٕ۔ ئہ ژلہٕ نہٕ ژےٚ ہنٛدِ بلکہِ وۆڈٕ ہتھ گلس پیٚٹھ تہٕ تھاوٕ ژےٚ تہٕ مأدیانہٕ پیٹھ راتس نظر۔"

طوطہٕ ہنٛزِ وفادأریہ پزٕھ کران موٚن فقیرَن اُمی سُنٛد یہِ درخاس تہٕ ترٛاوُن لَر۔ طوطہٕ رۄٗ دعبہٕ سان نظرِ۔ راتھ کیٚنتھ وُچھ اُمی آبہٕ منٛزِ یِہوے گراہیوٚ جانور کھسان تہٕ مأدیانہٕ گرکرنہٕ پتہٕ واپس آبس منٛز وسان۔

فقیر وۄتھ صُبحس سُلے تہٕ جانورس آلو گرِتھ بوٚزُن یہِ واپس پنجرس منٛز۔ طوطن وۄن نہٕ اُمس اَتھ عجیب معاملس متعلق کہِنہ یہِ تُمی راتھ کیٚنتھ وُچھمُت اوس۔ فقیرن رۄٗدٕ گرِس پیٹھ سوٚدرِ بۆٚٹھی پکان یوٚت تانی سہ اَکِس بٔڈِس تہٕ آبادشہرس منٛز وۄت تہٕ تتہٕ سمکھُس کوتوال۔ کوتوالن گرِس سلام تہٕ پرژھنَس "ژٕ ماکنہٕ ہَن یہِ طوطہٕ"

فقیرَن دِتُس جواب "آ"

''مگر ژٕ ہیکہ نہٕ مےٚ مُلی ہیتھ'' طوطہٕ وۄتھس۔

کوتوال گوو حٲران ''یہِ چھُ عجیب جاناوار اہ۔ ییٚہ گوژھہٕ تہٕ گرِ چانہٕ پنُنگ اطلاع وزیرس تِکیاز یُس اوس یژ کالہٕ پیٹھہٕ تیتھے جاناوار ژھانڈان۔ یِتھ جل جل یتھ زِ اَسی تمی سندِس دربارس گژھنہٕ برونہہ واتو۔''

لہٰذا ییکی تم یکہٕ وَٹے تہٕ وٲتی جلدٕ ے وزیر سُند گرٕ۔

ییلہِ تمی کوتوالہٕ سُند اور واتنہٕ خاطرٕ مدرتھ تُلنس متعلق بۄزتہٕ وۄننس ''چون سپٹھاہ شکریہ۔ مگر ییٚہ ہیکہٕ نہٕ تۄت تانی یہِ جاناوار پانہٕ مُلی ہیٚنس نسبت سۄچھے یۄت تانی نہٕ مےٚ یہِ نہٕ زِ بادشاہ سلامت ماہینہٕ اَمِس پننہِ خاطرٕ ۔مےٚ بۄزراتھے زِ یُس اوس تیتھس ہوٕس جاناورس متعلق پژھہٕ گٲرکران۔''

اَمہِ رکنی گے یم ترٛ نوے محل خانہٕ۔

ییلہِ بادشاہن یہِ ساٚرے ڈیلا بۄزتہٕ پژھُن ''کیاہ چھُ اَمِس جاناوارس قیمت؟''

''داہ ساس روپیہ'' طوطن دِیت جواب۔

بادشاہ گوو طوطہٕ سُند یہِ صاف تہٕ فوری جواب بۄزِتھ وارٕہہ خوش تہٕ فورن کۆرن یہِ رقم ادا۔ یۄت بۄڈ رقم رٕٹتھ گوو فقیر سپٹھاہ خوش۔ یامُتہ نیرٕن ہیوٚتن تام زون طوطن یہِ مُناسب موقعہٕ تہٕ فقیر کرنوون بادشاہس برٛونٛہہ کُنہِ وعدٕ زِ یُس دِیہِ پننہٕ مأدِیانہٕ ہُند بیاکھ ژھو بادشاہس۔

اَمہِ پتہٕ اوس طوطہٕ بڈشانہٕ سان روزان۔ یہِ اوس اَکس خوٗبصورت روپہٕ

ہِنٛدِ پنجرس منٛز تھاونہٕ آمُت تہٕ ترٛیشہِ تہٕ کھبنہٕ خاطرٕ اُسس روپہٕ ہِنٛدی بانہٕ۔ پنجرٕ تہٕ اوس بادشاہٕ ہِنٛدِس خاص زنانہٕ خانس منٛز تھاونہٕ آمُت۔

طوطہٕ بنیاؤ سارِنے ہُنٛد مَنہٕ موِن تہٕ اوس رانین ہِتؠ گِندان، گتھہٕ کران تہٕ تِمہٕ آسس برابر رَچھان پالان۔ یتھہٕ کنہٕ روٗ دوقتارٕ تی پاٹھی گُذران تہٕ کُنہٕ قسمُچ اُس نہٕ کمی باسان یوٗت تانٛی اکہِ دوہہٕ سارے رانہِ پنجرس نشہِ واتِتھ پیٚیہٕ تہٕ وۄنُکھ طوطس زِیمن متعلق وَنہِ سہ زِ کوسہٕ کرٛۄ ھ چھےٚ باسان۔ یہِ زانِتھ زِیہِ چھےٚ گندنہٕ ہناتہٕ کانٛہہ شرکا وکھا گرٛھنہٕ ورأیی وۄن تمۍ زِ تِمہٕ سارے آسہٕ ماری منٛز ماسوایہ اُکس، یُس تمۍ ہیوٚت تِمس زنانہِ ہُنٛد ناویوسہٕ بادشاہَس سارِوے کھوتہٕ زیادٕ ٹاٹھ اُس۔ تمۍ وۄن زِ یُس بُتھ چھُ یِہوے سۄ رنہِ بُتھ ہیوٗ۔ یہِ بوٗزِتھ گوو اُمس غش تہٕ آیہِ پتھر وُکراونہٕ۔

تتھےٚ سوحبہٕ آیہِ تِمہِ دِژ کرٛیکھ ''بادشاہَس دِیوناد۔''

اَمہِ کنٛی کوٗرُکھ بادشاہَس ناد

اَمہِ زنانہِ وۄن بادشاہَس، بہٕ چھس سخت بیمار مےٚ دِتِمس طوطہٕ ہُنٛد مازنتہٕ مَرےبہٕ۔''

بادشاہَن بیٚلہِ یہِ بوٗزِتَس پھیوٗ رسخت مگر تَس اُس رانٛی سخت ٹاٹھ اوٚ کنٛی دِتِن حُکم زِ طوطہٕ مأرِیوٗن۔

''بادشاہ صاٰب'' طوطن بچٲری دِژ کرٛیکھ ''بہٕ چھسے زاری کران شبن دوہن خاطرٕ بچاوِمےٚ۔ شبن دوہن دِمےٚ پھیرنہٕ یپٲرکہ بہٕ یژھہٕ تپٲرک بہٕ چھسے سیٹھا وفادأری سان وعدٕ کران زِ بہٕ یِمہٕ واپس تہٕ پٔنٕن پان کرٕ پیش پتہٕ یہِ توٚہۍ ییٚژھو تہٕ کرِد

مےٚ ءِستی۔"

بادشاہَن دِتُس جواب "اچھا۔ یہِ گو و منظوٗر۔ مگر شیٚیہِ دۄہی وأتی زِ واپس،
یتھہٕ کنی آ وطوطہٕ آزاد کرنہٕ تہٕ تٔمی تٔج فورن وُ پھ تہٕ ژٔول۔ یہِ اوس نہٕ وُنہِ زیادٕ دۄرتائی
وُڈیوٗمُت زِ تٔمس سمکھی بہہ ساس طوطہٕ یم یکہِ وٹہٕ اُکس اَندس کُن وُڈان اُسی۔
"ہے ٹھہرِ و، ٹھہرِ و۔" بادشاہٕ سٕندی طوطَن لاٚ یگھ کر یکھ "توٚہی کوٚت چھو
گژھان؟"
تمو وۄنُس "یارا۔ اَسی چھِ اُکس زُوِس کُن وُڈان ییٚتہِ اَکھ شہزأدی اَسہِ نابد
تہٕ موٚختہٕ چھےٚ کھیوٚن دِوان۔ وولہٕ اَسہِ ءِستی تہٕ گراَسہِ ءِستی مزٕ۔"
طوطن تہِ موٚن تہٕ رلیاو تٔمَن ءِستی وُلی وُلی وأتی تم اَتھ زُوِس منز تہٕ تتہٕ آ ویٚمَن
ءِستی سےٚ دیو ہار گرنہٕ یہِ زَن جاناوار ووٗنمُت اوسُس۔ ییٚلہِ کھمن چن موکلوٗ کھ کھیتھ
تہٕ باقے جاناوار لگی اَتہِ نیرنہِ تہٕ بادشاہٕ سٕندی کوترن لوگ بمار آسنک ڈانب تہٕ کاڈ
کٔڈِتھ رُو د پُتھرِس پیٹھ۔
"اے خوبصورت طوطہٕ، ژےٚ چھیا خأرِ ے" اُمِس کُن یوان وۄن شہزادِ
"کیٛاہ ذٔلیل؟ دود چھیا؟ وولہٕ مےٚ ءِستی۔ بہٕ والےٚ ژےٚ تہٕ ژٕ گرٕ ھکھ وُلی وُلی دُبارٕ
ٹھیک۔" اَمہِ پتہٕ نو یہِ شہزادِ محل خانس منز تہٕ اُمِس کیٚتھ بنووٗن اَکھ لوکُٹ اول تہٕ
پانٕے اُءِسس واتان۔ تٔمہِ دِتی اُمِس واریہہ موٚختہٕ تہٕ نابد مگر طوطہٕ اوسنہٕ یِمَن بلکل تہِ
مازان۔"
طوطن وۄنُس "اے شہزأدی ژٕ چھکھ رٕژتہٕ نیک۔ ژٕ چھکھ اَسہِ موٚختہٕ تہٕ نابد

دِوان۔ مگر میوٚن آغہٕ، یُس سبٹھا بوٚڈ بادشاہ چھُ تہٕ تیٚمی سٕنٛز سلطنت پٕژ بتھ لٔبہٕ دوٗرتاں
چھےٚ شمالہٕ پیٹھہٕ جنوب تانٛی تہٕ مشرقہٕ پیٹھہٕ مغرب تانٛی تہٕ تیٚمی سُند یہِ زوتہٕ چھُ یدٕ
ژےٚ اَمیک پناہ تہِ چھیٚ نہٕ۔ سُہ چھُ جانا وارَن موختہٕ تہٕ نابد چھکان۔ کاش سُہ زانہٕ ہن
ژٕ! کاش ژٕ کرہکھ تِتھس بٔڈس بادشاہس ستیٚ نیتھر۔ تِکیازِ اے شہزأدی ژٕ چھکھ
لایق تہٕ سُہ چھُ ژےٚ لایق۔

طوطہٕ سٕنٛز وَنتھ حأران سپدِتھ گییہٕ شہزأدی بادشاہس نِش یُس تَس مول
اوس تہٕ تَس کوٚرُن التجا زِ سُہ دِیِن تَس اَمِس بادشاہَس نِشہِ گرٕ ھنک تہٕ ییٚیہِ ہرگا سپدِیا
تہٕ تَس ستیٚ نیتھر کرنک اجازت۔

بادشاہن وَنُس "بہٕ ہیکہٕ نہٕ ژےٚ اَتھ سفرس پیٹھ گرٕ ھنک اجازت دِتھ۔
وَن گوو بہٕ لیکھہٕ اَمِس بادشاہَس چِٹھی تہٕ سوزَس اَمِس طوطس اَتھہٕ۔ بہٕ لیکھہٕ
بادشاہَس زِ سُہ ییِہ کھاندرٕ خأطر خاص دوہہٕ پانہٕ یور ہرگاہ تِ سورُے پوٚز چھُ یہِ طوطہٕ
وَنان چھُ تیٚلہِ ییِہ بادشاہ ضروٗر یورٕ۔ کھوژمہٕ، بہٕ کرِ چانہِ کھاندرُک انتظام۔"

شہزادِ مأنی یہِ گتھ تہٕ طوطہٕ آو فورَن پنہٕ نِس مألکس نِشہِ کھاندرُک یہِ تجویز ہتھ
روانہٕ کرنہٕ۔

پأنٛژِم دوہ اوسُن موکلُن ہیوٚ تمُت زِ طوطَن کوٚر اَتہِ وُڈوتہٕ ووت بادشاہس
نِشہِ تہٕ ترٛأوُن یہِ چِٹھی۔

"ژٕ ووتکھہٕ برابر وَقتس پیٹھ" وَنُس بادشاہَن۔

جانوٗرَن وَنُس ہکہٕ "بادشاہ صأب۔ بہٕ چھُسے ژےٚ زارٕ پارٕ کران زِ تمہ

کرتہٕ کھَش مےٚ چھُنہٕ ژٕےٚ ستی یا چانِس شاہی گھرانس ستی کانٛہہ غلط کوٚرمُت ۔ چانہٕ محلہٕ چو زنانو پرٛژھ مےٚ زِ یہٕ کیاہ چھُس تَمَن متعلق سوچان تہٕ مےٚ دِیت جواب۔ بادشاہ صاب مےٚ وۄن نہٕ کَہنی تہٕ اَپُز ۔ مےٚ چھُ یقین زِ یَنہٕ نو رانو مژٕ کانٛسہِ اَکِ ہنٛدِ اچانک ہونٛگ یِنہٕ کنٛہ گرِ ونہٕ توٚہی تِمی کُس سُنٛدل بول بجاہ اَنہٕ خاطرٕ مےٚ قتل۔ ہرگاہ وۄن تہٕ آسہِ ہےٚ یہٕ اَنہٕ ہَن تس بَدلہٕ توٚہہِ خاطرٕ تِمس کھوتہٕ سبٹھا زیادٕ خوبصورت زنانہٕ۔ ژٕ توٚیہٕ چھِکھ یوسہٕ مےٚ دُنیاچہِ سبٹھےٚ زیادٕ خوش یِوٕنہٕ شہزادٕہنٛدِس مالِکِ ہنٛدِ پتھٕ اَنۍ مژٕ چھےٚ یتھ مژٕ تِمی پنٕنہِ کورِ ہُنٛد اتھہٕ تہنٛدِس اَتھس منٛز دِنہٕ خاطرٕ التماس چھُ کوٚرمُت تہٕ قبوٗلیت چھےٚ منٛجمژٕ ۔“

اَمہِ پتہٕ وۄنُس بادشاہَن ”ژٕ چھُکھ صاف پاٹھی کتھ ونان تہٕ ہمیشہٕ چھُکھ دیانتدار ٲسی ورتاوان روٗ دمُت ۔ یہٕ کرَ ےنہٕ ژٕےٚ کھَش ۔ یہٕ مانہٕ چانۍ یہٕ کتھ تہٕ اَمس شہزادِ ستی کرٕ کھاندر۔ مگر یہٕ کتھہٕ کنٛہ دلاتہٕ تتھ جزیرس ییتہٕ یم روزان چھِ۔“

طوطن وۄنُس ”سُہ غم مہٕ ہیٚو ۔ مےٚ چھُنہٕ سوٚچنہٕ کرنہٕ وراے توٚہہِ یہٕ کتھ وۄنۍ مژٕ ۔ ہرگاہ توٚہی تِمس فقیرَس یہِ حُکم کِیُو زِ سُہ سوزِ توٚہہِ سُہ بچھِرٕ یمیک تِم توٚہہِ وعدٕ چھُ کوٚرمُت تیٚلہٕ ہیکِہ یہِ سفر سہل پاٹھی پوٗرٕ کرنہٕ یتھ۔

”سبٹھا جان“ بادشاہَن وۄنُس تہٕ امی وِزِ دِتُن حُکم زِ سُہ بچھِرٕ گژھہِ اَنہٕ یُن ۔

اَمس چار یاہ ہنٛدی موٗلٕلی صفت نہٕ زاننہٕ کنٛہ سۄ زیہِ فقیرَن گنہٕ تہٕ لیت ولعلہٕ ورا ٲلی ۔ سُہ اوس اَمیر ہَمس تِمس کتھ لگہِ ہےٚ وۄنۍ یہٕ ؟ تہٕ تِہنٛدِ کنٛہ اوس یہٕ تِم کِ ہنٛد بن احسانَن

بدلہٕ سبٹھالو کُٹ مدد۔

تہٕ یتھہٕ پأٹھۍ کھوٚت بادشاہ گُرِس تہٕ طوطہٕ ستۍ ہتھ دڑاوأتھ زوِس گن۔ییلہٕ بادشاہ سمندرٕ بٹھس پیٹھ ووت تہٕ اَتہِ گرٛ بزِ وُنس آبس پیٹھ نظر پیٚیس تُس کھوٚدِن ترٛاس تہٕ واپس پھیرنس اوس تیار۔

تمۍ پرٛژھس "أسی کتھہٕ کنۍ ہکو آبس ترٛتھ۔"

طوطن وۄنُس "کنہِ مُشکل ورأے ییمس پچھیرس توٚہۍ کھٔسِتھ چھوٚسہٕ چھِنہٕ معموٗلی جانوراہ۔ أمس کھٔسِتھ ہیٚکو توٚہۍ گن تہِ وأتِتھ۔ مہ کھوٗ ژِ وتہٕ والیوٗن یہٕ بچھ آبس۔ یہٕ ترٛتھے کنۍ آسأنی سان آبس یتھہٕ کنۍ خوشکی پیٹھ پکان چھُ۔"

طوطہٕ سنزِ دُبارٕ یقین دِہأنی پتہٕ کوٚر بادشاہن لی تہٕ فورن ووت زوِس پیٹھ۔ زوِکی بادشاہن کوٚر تَس زبردست استقبال تہٕ شہرأدی أس تیژ خوش یوٗت نہٕ بیانہٕ ہیکہِ سپدِتھ۔

تَس وُچھتھے گیہِ سو بادشاہس ٹأٹھ تہٕ ووٚنُن زِ کھاندر گرٛشھہِ یوٗت پلہٕ تیٚوٗت جلد سپدُن۔ سأری أسی ہم خیال اَمہِ کنۍ آو کھاندر جلدٕے کرنہٕ۔ پرٛ بتھ کأنہہ کأم وأ ژرٕ تۍ پأٹھۍ اندتہٕ اَمہِ پتہٕ دڑاویہِ بوٚڈ بادشاہ تہٕ مأری منز شہرأدی اَتہِ۔

تمہ دوشوٚے کھٔتۍ أمس بچھیرس تہٕ طوطہٕ روٗ دییمن بزٕ وۄنہہ ییمن وَتھ ہادنہٕ خأطرٕ وُڈان۔ سُہ دڑاونہٕ تمہِ وَتہِ یپأری ییم آمتۍ أسی بلکہِ دڑاو بدل وَتہِ یتھ منزٕ اکھ غأر آباد زُواوس۔

بادشاہن ووٚن "یہٕ دِمہا ییتھ تھگہٕ ہنا۔ یہٕ چھُس سخت تھوٚ کمُت"

جانوَرَن وۄنُس ''نہ۔نہ۔تہٕ مَتہٕ کرتہٕ۔تِکیازِ ییٚتتھ چھُ بڈٕ خطر۔''

بادشاہَن وۄنُس ''مہ بر پرواے۔ئہ ہیکہٕ نہٕ تھکھ دِنہٕ ورأے اَکھ قدم تہٕ کڈِتھ۔رژھانِٛد رِزولہٕ ہِش کرِتھ پکوأسی بییہِ بڑ ونٛتھ کُن۔''

اَمہِ کنہِ کھٔتی بادشاہ تہٕ تسنزٕ آشنہٕ زُوِس پیٹھ تہٕ ترٛاوِکھ ہِنٛدر۔طوطہٕ بیوٚتھ نزدیکھے اَکِس کُلۍ لنٛجہِ پیٹھ اورٕ یورنظرِ گزرِ۔اَکِس گاٹٕنٛس لنٛدرلنٛد رہیٚو ووتِ اَتھ زُوِس نِش اَکھ سندری جہاز تہٕ اَمکی سربراہ یُس اَکھ بارسہٕ سوداگر اوس بیلہِ اَتہٕ نفر جوراہ شوٚنگتھ وُچھ سُہ وۄتھ یہِ وُچھنہٕ خاطرِ زِیم کم چھِ۔رلنہِ ہُنٛد حُسن وُچھتھے لٔج تس دِلس تھپھ تہٕ نیٖن سو پیٚتہٕ نِس جہازس منز۔تِمہِ نیٚویہِ بچھیرٕ تہٕ تہٕ بادشاہ ترٛۄونٛ اَتی ہِنٛدرِ منزٕ ے۔طوطن وُچھ یہِ سأرُی کینٛہہ مگر سُہ کھۄژ کانٛہہ خبر دأری کرنس تِکیازِ تِمہِ سوٚنچ زِ سوداگر گوٚژھ نہٕ اَمِس بندوقہٕ سٟتی مأرِتھ ژھُنُن۔یِتھہٕ کٔنہِ وڑ اوِ یہِ جہازٕ مُلکانہٕ تہٕ بچھیرس سٟتی ہیٚتھ تہٕ اَمہِ پیٚتہٕ وُزنو وطوطہٕ بادشاہ۔

بادشاہَن وۄنُس ''میانہِ طوطہٕ، کاش مےٚ آسہِ ہے چوٚن موٚنٛمت تہٕ ییٚتتھ آسہٕ ہاونہٕ ٹھُہر یوٚمت! ئہ کیاہ کرٕ وۄنۍ بیٚتہِ چھنہٕ کھنبس کیٚتھ تہٕ کینٛہہ۔بیٚتہٕ چھنہٕ تیٚتھ جانوراہ تہٕ کانٛہہ یُس مےٚ سوٚ درس تاردِیہِ۔وۄنۍ کیاہ کرٕ۔مےٚ وَن، اگر پلیٚ تہٕ مےٚ کر مدد۔''

جاناوارَن وۄنُس ''وۄنۍ چھُ ژےٚ نِش اَکھے چیز کرنہٕ خاطرِ۔ژٕ تُن یہِ گل تہٕ ترٛاوُن آبس تہٕ پیٚتہٕ لاے پانہٕ تہٕ سمندرس وۄتھ۔اَدٕ پیٚتہٕ یوٚت ژےٚ گل واتناوی تہٕ توٚت تہٕ چھُ خدایس تأنۍ۔اَمہِ ہُریمانہٕ چھنہٕ مےٚ کہنہٕ تہٕ پتاہ زِ ژےٚ کیاہ پزی

گرُن۔"

لہذا ژوٗٹ بادشاہَن کُل تہٕ کوٗرُن تی یہِ جاناوارَن وۄنُس۔ خدایہِ ہِنٛز
مہربانیہِ اوس اَمہِ ساعتہٕ اَکھ بوٚڈ شاہپأز سمندرٕ پیٹھی وُڈان۔ کُلس پیٹھ نظر پیتھ واتھ
سُہ آیہِ تہٕ نیٖون یہِ بادشاہ ہیتھ تُلتھ۔ شاہپأزن واتنووِیہِ کُل أکِس جنگلس منٛز تہٕ تِتھ
أتی دأرِتھ۔ یتھہٕ کنی بچاو بادشاہ۔

وفادار طوطن وۄنُس "ٹھہر وۄنی یٖیتی۔" أمی اوس تہٕ سوٗرُے وُچھمُت یہِ
سپُد۔ یٖیہِ وۄننُس "یِتہٕ یِیمہِ جایہِ اورٕ یورٕ ڈلکھ۔ یہٕ نیرَ ے تہٕ ژھانڈن رأنی تہٕ بچہِ تہٕ
پتہٕ یمہِ دُبارٕ یوٚتے۔"

بادشاہَن کوٗرُس وعدٕ۔ سبٕٹھا اورٕ یور ژھوٚنڈ ژھور دِتھ لُب طوطن یہِ
خوبصورت رأنی۔ سوٗ أس سوداگرَن پٔنٛنِ گرٕ نیمٕژ تہٕ سوٗ أس اَتہِ أکی ہِنٛز سایِس ہِنٛد
أمِس ژھ روزان۔ ییٚلہِ تَمہِ طوطہٕ وُچھ، تَمہِ دِژ خوٚشی ژھ کر بکہِ۔

"ژٕ کتہِ اوسکھ؟ میوٗن خانہٕ دار کتہِ چھُ؟ سُہ چھا ... ے؟ مےٚ وَن جل جل
تَمہِ وۄنُس۔

طوطن وۄن تَس سأرُی کینٛہہ۔

"نیر پھٹا پھٹ واپس" تَمہِ وۄنُس "تہٕ تَس وَن میأنی سأری حالات۔ زِ
یِم لال جوأہرتہٕ یِم دِتِمَس۔ تَس لگن یِم ضرورت کھین چن مُلی اَننس۔ تَس وَن جل
جل یور واتُن تہٕ پتہٕ بَن تیٚمِس سوداگرسُند سایِس تہٕ تَمہِ پتہٕ ہیکو أسی دۄنوٚے پچھِرِن
کھٔسِتھ یٖیتہٕ ژلنس منٛز کامیاب سپدتھ۔ پچھِرِس کھٔسِتھ ہیٚکہِ تہٕ کانٛہہ اکھاتہٕ أمِس نہٕ

آبس منز تہٕ نہٕ خوشکی پیٹھ بڑ ؤنہہ گژھتھ۔ طوطہٕ دژ اوتہٕ ؤنن بادشاہس مُلکہ ہندی حالات تہٕ وۆننس ژٕ کر جلدٕ ے تَس موکلاوِتھ اَنہٕ خاطرٕ۔ بادشاہ گو و تیار تہٕ کینژن دوہن اندر ووت سوداگر سُند گرٕ۔

ہاے تمہ کِتیاہ خوش گے اَکھاَکس سمکھتھ۔ تمن اوس باسیوْمُت زِ تِم گے اَکھاَکس نِشہٕ ہر ہمیشہٕ خاطرٕ ژھینہٕ مگر خدایَن کرٕ مہربانی تہٕ دُبارٕ سمکھی اَکھاَکس۔

شامَس بأگی کھۆتی بادشاہ تہٕ تمی سنز ماری منز مہرٕ نی اَمِس پچھیرس تہٕ ژٕلی اَمِس عجأیب بچھیرَس کھسِتھ اَمہٕ شہرٕ نبر۔ طوطہٕ روٗد دیَمَن بڑ ؤنہہ بڑ ؤنہہ یمَن وتھ ہاونہٕ خأطرٕ وُڈان۔ کیٚہہ کالی وأتی تِم بادشاہ سُندِس مُلکس منز۔ لُکھ دژ اے یمَن زبردست پأٹھی وایان تہٕ کرٕ ایان استقبالس۔

اَمہٕ پتہٕ روٗد بادشاہ مَرن کرِ تانی خوش پأٹھی زندگی گزاران۔ طوطہٕ آو وزیرِ اعظم بناونہٕ تہٕ اَتھ سلطنتس سبٹھاہ پایہ جأیی تہٕ عزت بڑاونہٕ خاطرٕ کۆرُن سبٹھاہ زیادٕ مَدد ییمہٕ کِنی سو سبٹھاہ ژٕ کال تانی مشہوٗر روٗز۔

(راوی: قادرامراکدل سرینگر)



# پۆزۍ کنۍ چھکھ دانا بینا

اکہِ دوہہٕ اوس اَکھ پڑھِ روٗستے نفرا اَکس ڈٗوٗنۍ کُلس تل ہیتھ تہٕ ...
اوُسس اَکھ پأرِم الکہٕ کُلاتہٕ۔

پڑھِ روٗسی اأمی شخصن گرٕ ہیوٗ رکن نظراتہٕ نبشوٗنکی پأٹھی ووٗنُن "ہاے خدایہ
گتھ چھِتھ بیتس بڈس کُلس یم لوٗ کٹ موتھاوی ءتہ تہٕ اولِین لوکٹین کُلن چھِ موزن
والان۔ ہرگا ہے ییتھ کُلس یمہٕ پأرِم الکہٕ آسہٕ ہن وَسان تہٕ الکہٕ کُلس ڈٗوٗنۍ۔ توتہٕ اُ
کتھا۔ ئہ ونہا اہنسا پھکھ دانا۔

أتھی منز پیوٗ کُلہِ پیٹھہٕ اَکھ ڈٗوٗ ناتہٕ پیوٗس سیوٗ دُے کَلس پیٹھ۔ اَتھ ڈٗزٕ ...
دَگ۔ اَدِ لوٗگُن وَنُن "پۆزۍ پأٹھی چھکھ خداے۔ داناتہٕ بینا چھکھ" ہرگاہے بیتہٕ تھدِ کُلس
پیٹھ پأرِم اَل پیمِہٕ ہے مےٚ آسہِ ہے اُتی زُودرٕ اِمت۔ چانہِ دلنأیی، چأنس طاقس تہٕ
چأنس پرٕ ثرٕ رَس واتہِ نہٕ کانہہ۔ یہِ ژٕ زانکھ تہٕ زانہِ نہٕ کانہہ۔"

(راوی: وچہٕ بیاریک اَکھ زمیندار۔ بقول مصنف تِمس ووٗن اأکی جزٕ ...
دوستن زِیہِ ڈلیل چھےٚ ژہنڈِ مُلکس منز تہٕ رأٹج۔)



# بیقل گریۆس

## I

اکہِ دوہہٕ صُبحاَے دژاو اَکھ گریۆس گرِ پیٹھہٕ کامہِ خاطرٕ تہٕ ستۍ آسس دوہَس کھبنہٕ خاطرٕ لنگوٗٹہِ ؤلتھ داہ ژوچہِ۔ سُہ اوسنہٕ وُنہِ گرِ نشہِ زیادٕ دوٗر روودمُت زِتَس باسیہِ سخت بوچھِ تہٕ اوے بیوٗٹھ پتھر تہٕ لاجن ژوچہِ کھیٚنہٕ۔ اَکھ، زٕ، ترٛے، ژور ژوچہِ موکلاوِن کھیتھ مگر بوچھِ ہمیَس نہٕ۔ اَمہِ پتہٕ کھیٚین پاَنژِم، شیٚیِم، سٔتِم تہٕ اَٹھِم ژوٗٹ تہِ مگر توتہِ اٲسس بوچھِ۔ بہرحال سُہ وۄتھ تہٕ دژاو۔

پانسے ستۍ سوٗچُن "یہ کیٛاہ گرِ ووٚنی مےٚ پزن نہٕ یمہٕ ژوچہِ کاٲم شروٗع کرنہٕ بڑ ۆہہ کھیٚنہِ۔ ہرگاہ تہِ گرِ پتہٕ کیٛاہ کھمہٕ یہ دوہَس۔ مگرمےٚ آیہٕ نہٕ وُنہٕ یڈ۔"

تَسند یہِ سوچُن تہِ گو وے کارٕ۔ بوچھِ ڈاٲلِتَس پۆژ تہِ گژیوس بیوٗٹھ بیٚیہ پتھر تہٕ کھیٚین باقے زٕ ژوچہِ تہٕ پتہٕ سپُد سیر۔

"افسوٗس"، تٔمۍ ووٚن "یہ کیُتھ بے وقوف چھُس مےٚ کیٛازِ کھیٚیہ نہٕ یِیے زٕ ژوچہِ گوڈنیتھ۔ ہرگامےٚ تہِ آسہِ ہے کوٚرمُت مےٚ آسہٕ ہَن وُنی کبس لنگوٗٹہِ منٛز اَٹھ ژوچہِ موجوٗدٕ ے یمہٕ یہ دوہَس کھمہٕ ہا۔ ووٚل لگہم دوہَس بوچھِ۔"

أٔمِس بیقلس اوس باسان زِیٛمہٕ أ ٹھ ژٕ دچہِ تٲمۍ گوڈٕ کھیٚینہِ تمو کوٚرنہٕ تسٕنز یِہ چھ ژٕلراونس منٛز کانٛہہ مدد۔

(راوی: پنڈت آنند کول۔ زأنہٕ کدل سرینگر)





سرٕکہِ ڈٕنٛدِس کُن أسۍ داہ گرٕ یسۍ ووہٕ ڈٕنۍ یٛم ودان أسۍ۔ تمَن اوس باسان زِ اَسہِ منٛز رووُکس تانٛۍ اَکھاوَتے تِکیاٛ زِ یُس اَکھ یٛمو منٛزٕ گرٕنٛد اوس کران تٔس أسۍ نٔوے یِوان۔ لیاٗ رکۍ دزٕ اواَ کھ سریہِ ہُنٛد شخصاتہٕ تٲمۍ پرٕژھنکھ "ہے۔ تو ہہِ کیاٛہ دٔلیل چھےٚ؟" گرٕ یستو وٕنُس "ہتہٕ خٔمس أسۍ دزٕ ایے گرِ داہ نفر مگر وٕنۍ چھِ أسۍ نٔوے۔"

سریہِ باشس توٚ رٕوٗلی فِکرِ زِ یٛم کِتیاٛہ بیقل چھِ۔ سارنٕے اوس گرنٛد کرن ییٚنہٕ پٔتہِ پان گنٛزرُن مشان۔ اِکٕ کنٛہ وٕن تٲمۍ یمَن زِ توٚہۍ وأ لِو ساٗری پنٕنہِ ٹوپہِ گلو پٕٹھہٕ تہٕ تھاوِیوٗ کھ پتھرِس پیٹھ۔ تموٚ کوٚر یی تہٕ گرٕ ہگھ گرٕنٛد۔ یٛمہٕ آسہٕ داہ۔ اَمہِ پتہٕ باسیاوٕ تمَن زِ أسۍ چھِ برابر داہ تہٕ کھٔرٕ کھوأنٛج۔ مگر یہِ کتھہٕ کنٛز سپُد تہِ ہیٚکۍ نہٕ تِم ؤنِتھ۔

(راوی: پنڈت آنند کول)





گریٛستا اَکھ گوو أ ـکس ولنہٕ وأرلس نش أـکس پٔنٛسس مَرژمٔلی اَنہٕ۔ وانہٕ وأرلی دِژس اَکھ مرژ موٗٹھا۔ سۄچن زِیہ کوتاہ چھِی تہٕ اَمہِ ـکنٛز یوٗرن سوٗرے پَنہٕ نِس بُڈِس چاٚنٹس تہٕ پَتہٕ وَہرأوِن پٔنٛنۍ وتھرن (پچ) تہٕ وۄنُن "یہِ چھُ ٹیوٗ ٹھے پہن مگر توتہِ نہٕ پرواے ــ مےٚ کھوٗلن ڈٕلی ڈٕلی اکہِ پٔنٛسک وَزُن۔

(راوی: پنڈت آنند کول۔ زأنہٕ کٔدل سرینگر)



# IV

گریٛستاہ اَکھ اوس ہمیشہِ خدایس منگان زِ مےٚ سوزتن اَکھ گُر۔ اکہِ دوہہٕ اوس سُہ وَتہِ پکان تہٕ دِژن زورٕ کریکھا۔ "خدا صأبو مےٚ سوزتہٕ اَکھ گُر" اَمہِ وِزِ اوس اَکھ پٹھان أـکس مأدِیانہِ کھٔسِتھ پکان تہٕ تِتھے سُہ أمِس نِشہِ وۄت مأدیانہٕ پیٚتھ۔ بچھیرٕ ہیوٗ کنہٕ ڈٕلی ڈٕلۍ پتنہِ ماجہِ پَتہٕ پَتہٕ برابر پکِتھ۔ اَمہِ ـکنٛز کرٕأمی ظإٔلم پٹھانَن أمِس گرٛیستِس زبردستی زِ سُہ پکنأوِن أمِس بچھیرس پانس پیٚٹھ گرٕ ـسیٚلہِ سُہ (گرٛیٚوس) اور

دوت سہٕ اوس اَمہِ بارٕ ستی تھوٚ کمت تہٕ اَمہِ کٔنۍ بدلوٚ ون پٔنُن سوچ تہٕ وُنُن "خداصاب
مگرےٚ دِمعافی بہ دِمےٚ ژٕ ےٚ یہِ واپسے ۔ مےٚ گژھہِ نہٕ ووٗنی گُر"۔ یِی ونان ترٛاوان
یہِ بچھیرٕ پتھر تہٕ دژ اواتہٕ۔

(راوی: پنڈت لال چند۔ کھنموہ پرگنہ دٔچی)





اکتوبرس منز آو اکھ گامی کپٔس کٔننہٕ شہر۔ یہ اوس گوڈنکہِ پھِرِ شہر آمت۔
سہٕ ییلہِ بازرٕ منزٕ پکان اوس تٔمۍ وُچھ زِ سونرٕ أسی پوٚتس پتھ سونہٕ وَس نارس ترٛاوان تہٕ
پٔتہٕ سیوٚ دُےٚ تم کنان۔ تٔمۍ سوٗنچ "اَتھ منز چھےٚ کیاہتانی چال یُتہٕ کیا زِ کرنہٕ یِی۔ ترٛہ بہ
کپٔس کٔننہٕ خاطرٕ کیا زِ پھیرٕ یہ دربدر ییلہِ زَن یہٕ تہٕ تھےٚ کٔنۍ خریدار تنبلاوِتھ ہیکہ۔"
کٔنۍ گو سہٕ کھارٕ وانس منز تہٕ پٔنٕنۍ کپسہِ پھوٗترِ دِژن نارٕ بچھِ منز دأرِتھ تہٕ روٗدٕ دپاران۔
اَدِ کیاہ کپسہِ گو وأتی سوٗر۔

(رأوی: پنڈت لال چند کھنموہ)



# VI

سرینگر شہرَس منز چھےٚ اَکھ کہاوت "روٗپے چھےٚ روٗپین گنٛے گوٗھان" تہٕ زٲن گوو تِتھٕ کنہِ زِ "روٗپیی چھےٚ روٗپیہ کمَوان۔"

اَکہِ دۄہہ بۄز اَکی بیٚقل گرٛیسی یہٕ کہاوت تہٕ یِہے کتھ بیٹھس دِماغس منز۔ سہ گوو اَکِس ساہوکارِ سنٛدِس وانس منز یَتہٕ تٕمی روٗپیہ تہٕ ترٛامہٕ سکَن ہٕنٛدی ژترٛے ڈیرٕ وُچھ۔ تٕمی ترٛاو روٗپے اَکِس لبہِ کھرٕ کہِ منز تہٕ رُو دوناں۔ "ڈلو ڈلو روٗپیو۔ ڈلو میانہِ روٗپیہ نِش۔" اَتھی حالس منز ترٛاو اَمی بیٚقلن پنٕنی روٗپے تِژ اندر زِیہ گیہٕ کھرِ وانس منز تہٕ وٲژ ساہوکارِ سٕنزن روٗپین منز۔ اَمی کوٗر رَودناہ گوو واپس گرٕ۔

اَمہِ پَتہٕ کینٛہہ کالا گُژھتھ سمکھ تَس سُہ نفر یَمی تَس یہٕ کہاوت وٕنی مژ اُس تہٕ وٗنُنس زِ چون وَنُن کتھٕ کنٛی دژ اواپز۔

اورٕ وۄنُس تٕمی "دٕبلکُل نہٕ۔ مےٚ وۄنمے ژٕ ٹھیک۔ چاٲنی روٗپے گیہِ ساہوکار سٕنزن روٗپین نِش۔ تمہٕ آسہٕ زیادٕ توے کنٛ اوس تمن زیادٕ طاقت۔"

(راوی: پنڈت لال چند کھنموہ)



# کرم یا دھرم

یہِ اوس اَکھ برہمنایَس نہٕ نیٚچو اوس تہٕ اَمہِ کِنز اوس سخت پریشان۔ سُہ اوس دوہَس راتس دَیس منگہٕ منگ کران، سادن اوس سبٹھا دکھشنا دِوان تہٕ منٛج خاہش پوٗرٕ سپدنہٕ خاطرٕ اوس مندرن بڈٕ بڈٕ دان دِوان۔ اُخرس تہٕ زاوتَس اَکھ نیٚچو۔ گرس منز آیہِ سخت خوٚشیہِ مناونہٕ تہٕ برہمَن آے اَتھہٕ وٕتھ ترٕ اُتھ رنگہٕ رنگہٕ نذر و نیاز بأ گراونہٕ۔

لڑکہٕ ووت یہہ وُہرٕ تہٕ آو سکول سوزنہٕ اَمہِ پتہٕ موٗد یہِ برہمَن۔ اَتھ ستی پؠو لڑکہٕ بمار تہٕ واریہَن دوہَن ووت قریب المرگ۔ یہِ اوس اُکس غریب زنانہِ تہٕ ماجہِ ہنٛدِ خاطرٕ سبٹھا تکلیفُک وقت۔ تمس اوس خانہٕ دار رووُمت تہٕ وٕنی اوسُس نیٚچو تہٕ قبرِ بٕٹھِس پیٹھ۔ "واے بھگوانہٕ، کرتہٕ دیا تہٕ بچر اوتَن، کرتہٕ دیا تہٕ بچر اوتن" سو اُس مُتوٗ اَتریٖ ونان۔ تمِ سُنٛد دُعا گو قبوٗل۔ اَکھ جوٗگیا پیوٗ تسُنٛد گرٕ واُتتھ تہٕ تمِ کوٚرُس وعدٕ زِ ہرگا سو تمی ہنٛدِ ہدایتَن پیٹھ عمل کرِ تیلہِ بچہِ تسُنٛد نیٚچو۔

"گرٕ ھان گاڑٕ تہٕ ڈٕلی ڈٕلی رَنٛگھ تم"، تمی ووٚنُس۔

تمی بأ گراوِیم گاڑٕ ترٕ بن حِصَن منز۔ اَکھ حِصہٕ کھیٚون پانس، دوٚیِم حِصہٕ دِتُن

أمِس برہمن بایہِ تہٕ تژ یمس ہِسس پرٕن کینٛہہ منترتہٕ سوٗزٕن بمار لڑکس۔ گاڈ کھبتھ گو ویہ لڑکہٕ ٹھیک۔

ییٚلہِ امہِ پتھٕ نچو ٹھیک سپد ان وُچھ تمہِ لوٗگ تیوٗت شُکر کرُن یتہٕ وَنس منٛز یتھے ہیکہِ۔ تمہِ تژ ووجوٗگی ہِندبن کھورَن پیٹھ پتھرِس پیٹھ پان تہٕ کوٗرنس زارٕ پارٕ زِ اَسہِ تژ اوِتھ یتہٕ زانٛہہ نیرَکھ۔ ''تٕژ روزتہٕ اَسی ستی''

سو رٕ زِس ونان ''اَسہِ چھُ کیٛہ کینٛہہ مگر چانٛی کنٛہ کرِ اَسہِ پرمیشوریٲ زی تہٕ بَنہِ برکت''۔

جوٗگی ووٗنس درجواب ''مَہ بَرغم۔ تِہند یتہٕ وول وقت آسہِ نوٚوے نوٚ وتہٕ خوشحال۔ مَہ ہے کانٛہہ غم۔''

اَمہِ پتہٕ کینٛہہ دوٗہ لوٗگ جوٗگی اُمِس لڑکس کتاہ تانٛ سورمہٕ تہٕ لڑکس آیہِ پکھہٕ تہٕ سُہ لوٗگ جانا وارن ہندی پاٹھی وُڈنہِ۔ اَمہِ پتہٕ ووٗن تس جوٗگی زِ ژٕ گژھ بادشاہ ہِندِس خزانس پیٹھ۔ دارِ کنٛہ اَژتھ ورتہٕ یوٗ تاہکھ تیژ دولت اَن تتہٕ۔ لڑکَن کوٚر یِیا تہٕ انِن تورٕ تیژٕ روپیہ ییژ یہندِ آرام سان روزنہٕ خاطرٕ یمَن مرنس تانٛ پوشہِ ہَن۔

شاہی افسرَن ییٚلہِ اَمہِ سٕنٛز ہُند پے لوٗگ تم سپدی سخت پریشان۔ اُتھی پریشانیہِ منٛز گٔے تم بادشاہَس نِش تہٕ ووٗنہس تہِ سوری یہِ سپد مُت اوس۔ تمو کرٕ تژوٗر لبنہٕ خاطرٕ پژ بتھ کانٛہہ کوٗشش مگر تم سپدی ناکام۔ اَمہِ پتہٕ گو وجوٗگی شاہی مجلس منٛزتہٕ بادشاہ سُند شرارت وُچھتھ کوٚرُن تس یہِ وعدٕ زِ یہٕ دِمہٕ نے ژوٗر لبِتھ۔

(برہمن بایہِ ہِندِس گرس نکھہٕ اکہِ جایہِ ہُند ناو دِتھ ووٗنن) بادشاہ صاب

دِیٚن فلأنی جایہِ زبردست دٕہ زالنٕک اجازت۔

بادشاہَن دِیُت اتھوٚ پیٹھی یہِ عجیب حُکم تہٕ یہِ آو عملہِ منٛز اَننہٕ۔

ریٚہہ تہٕ دُہہٕ ستی کُل نیٖرتھ دراو لڑکہٕ گرِ تہٕ رٕوٚداتھ نارس نِشہِ۔ مگر تس بٲتِہ تماشہِ گیٖر نے ہنٛدی پأٹھی اَتہِ ؤلی ؤلی أچھ موٗران موٗران نیٖرن۔ افسوٗس، سُہ گوو نہٕ گرِتھ۔ أچھن موٗران موٗران ووٗتھ تِمس سُہ سورمہٕ تہٕ سورمہٕ ؤتھِتھے گیہِ تس یکھے غأب تہٕ تتھہٕ کُنہٕ آو سُہ رَٹنہٕ۔

"ہوٚ کیاہ چھُ ژوٗر! ہوٚ کیاہ چھُ ژوٗر! رٹیٚون یہِ" جوٗگر دِژ بادشاہس کُن کرنکھ یُس أتی موجوٗد اوس۔ یہِ لڑکہٕ تہٕ أمی ستِہ موج آیہِ گرِ منٛز کڈِتھ ژھننہٕ تہٕ تم سپدی دوہدِش کھینہٕ چنہٕ خأطرٕ گرِ پَتہٕ گرِ پیچھنَس پیٹھ مجبوٗر۔ وانہٕ وأرلس أکس آوہُنٛد عارتہٕ روٗٹُن یہِ لڑکہٕ مُلاِ زمٕژ پیٹھ۔ یہِ لڑکہٕ اوس دُنہٕ وانہٕ وأرلی ہے نِشہِ کأم کران ییٚلہِ اکہِ دوہہٕ شامس اَمہِ مُلکُکی بادشاہَن پننہٕ زِ مأری منٛز کوٗرِ بلاوِتہٕ تِمَن پرٛژھُن زِ "گرٕم چھا بوٚڈ کِنہٕ دھرم" لوکچہِ کورِ دِیُت گوڈٕ جواب زِ گرٕم چھُ بوٚڈ مگر بجہِ: شہِ ووٗنُس دھرم۔ ییٚلہِ تِمی یہنٛدی جواب بوٗزی تَس کھوٚت لوکچہِ کورِ ہُنٛد سخت شرارت تہٕ اِہ کُنہِ دِژن سوأرِ ہے ژٕرِ کٔٹِس نیٚتری یُس وانہٕ وأرلس نِشہِ موٚہنوٗ گری اوس کران۔

"ژٕ دِتھ نایہِ جواب۔ وُچھتہٕ ووٗنی پننہِ کتھہِ ہُنٛد نتیجہ" بادشاہَن ووٗنُس۔

یہِ اوس أمِس جوان شہزادِہنٛدِ خأطرٕ اَکھ کرٕٹھ تجربہ زِ سوأس دوٚہی دَہس ہیٚتھ اِنٛدرٕ رکتان تہٕ یہِ کم قلیلاہ سوتہٕ تُنٛد غریب روٗن زینان أسی تِتھی پیٹھ أسی زچہِ تہٕ میٚچہِ ہُنٛد گزارکران۔

اَمہِ باوجوٗد اُس تَس پَنہٕ نِس عقیدس پیٹھ پوٗر پڑھ تہٕ تَس اوس یہ بہتھ زِرٕ تی دوہ پھیرَ ن۔ سورُے زِ ہتھے عبادت کران تہٕ صبرٕ سان پٔزاران مگر تس پییہ سخت جدو جہد کرٕنی۔

چھیکرس میوٗل تَس پنُنہٕ پڑھہِ تہٕ صبرُک انعامہٕ۔ اَتھ مُلکس منٛز اوس اَکھ تیٛتھ حوض زِیُس اَکھا تَتھ نَکھہٕ گوٗ ھِ ہے سُہ اوس اوٗن گوٗ ھان۔ اَکہِ دوہہٕ ژوکیہ گتھ تانٛ گتھہِ پیٹھ دانہٕ وٲلِس اٲمِس برٛہمن کوٗ ڑٕ سنٛزٕ تہٕ سوٗزُن اَتھ حوضس پیٹھ آب انُنہٕ خٲطرٕ۔ لڑکس اُس نہٕ اَمکہِ آنٛچ خٲصیت پتاہ تہٕ سُہ دژ اوتورکن۔ یِیلہِ سُہ اوٗتتھ واتُن ہیوٗتُن تہٕ حوضہٕ کِس اَکِس طرفس نِش وٲتتھ گیہِ تٔمِس لتہٕ آواز۔

" ہے گوٗ برا۔ مےٚ چھُ ژےٚ پیٹھ سخت عارِیوان۔ ژٕ کیاز آکھ یور؟ ژےٚ چھی ناپتاہ زِیُس اَکھاییتہٕ آب چھُ نوان سُہ چھُ اوٗن گوٗ ھان۔"

" مےٚ چھُنہٕ کہنی پتاہ۔" لڑکن دِتُس جواب " بہٕ سوٗزُنس مٲلِکن تہٕ دوٗ پنُم اَتہٕ اَن آب۔"

ظٲلِم انسان۔ تٔمِس چھُ کیا ہتام زہر چون۔ ووٗنی گوو بہٕ واتناوے نہٕ ژےٚ کانٛہہ آزار۔ بَرٛپٕژُن بانہٕ تہٕ نہٕ سُہ مٲلِکس۔ مگر ستی کریہِ کٲم زِاتہٕ تُل سیکہٕ رٔژھاتہٕ تہٕ سوتھاو پھیرن لونٛچہٕ گنڈِتھ تہٕ خیال تھاوِ کہ زِ تھنہٕ اَتھ توت تانٛ گنڈمُور کھیوٗت تانٛ نہٕ گرٕ واتکھ۔" یہ ؤنتھ گیہِ اَتہٕ ژھوپہٕ۔

یام یہ لڑکہ وانٛس پیٹھ ووت تہٕ پلنوٗون آب مٲلِکس تہٕ تٔمی دِتُس کیاہ تام پنٛسہٕ ٹونکاتہٕ۔ یہ اوس اَزبلکل بدل معاملا مگر وانہٕ ووٗل اوس سوچان زِیہ سَپد جلدٕ ے

اؤن تہٕ پننس پنسہٕ حاجت۔

شامَس بأ گو ولڑکہ گرٕ۔ ''یوٗ کُن وُ چھ'' تمہِ وۄن پننہٕ آشنہٕ۔ ''وُ چھ ولنہٕ وأ لی دِیُت مے یہِ تحفہٕ۔ مے چھنہٕ یہ سمجھی یِوان مگر مے چھےٚ ژٕ بیا کھ عجیب کتھا وَنٕز۔ ییٚلہِ ئہ اَز صُبحےٚ ولنہٕ وأ لِس خأطرٕ آب اَننہٕ خأطرٕ فلأنی جایہِ حوضس پیٹھ ووتس، تمہِ دِیُت لَس تمہِ جایہِ ہُنٛد نیب۔ ''اَتہِ گیہِ مے اَکھ آواز زِ ژٕ تُل اَتہِ آبس لرِ سیکہِ رژھاتہٕ تہٕ سو گنڈ لونچہِ۔ تہٕ توٚت تانی مُشر رأ وی زبنہٕ یوٚت تانی نہٕ گرٕ واتکھ۔ وُ چھ مُشر ژٕ یہ ووٚنی زنانہِ کوٚریِی۔ تہٕ الأ ے۔ اَتھ سیکہِ اَسی سبٕتھے موٕ لِلی لال تہٕ جوہرٕ قیمتی۔

تمہِ دِژ کر بکھ ''کرم چھُ بوٚڈ، کرم چھُ بوٚڈ، کرٕ مے چھُ بوٚڈ۔ مے اَس نہٕ ہِکی اَتھ پیٹھ پڑھ کر مُش۔''

اَمہِ پَتہٕ اوس یہ برہمن تہٕ اَمی سُنٛز آشنی سبٕتھا امیر تہٕ وقتاوأ تتھ ژٕ ھنٕز اَمی ولنہٕ وأ لی سُنٛز نوکری تمہٕ اَتِھ برہمن کٔٹی کٔڈ وارٕ وارٕ دولت نٔنی یتھ زِلوٗ کن گوٗ ھی نہٕ شک ووٕ تلنٕز تہٕ پَتہٕ ییٚلہِ اَمی مُلکس منٛز پٔتِن تھوٚ داَثر پژ ووتہٕ کوٚرُن اَکھ بوٚڈ سال۔ بادشاہس تہِ آو سال کرنہٕ یتھ زِسُہ پانہٕ دعوژ منٛز شأمِل سپدِ تہٕ سُتہِ آو سالس پیٹھ۔ یہ اوس سبٕتھے شاندار تفریحا۔ خاصہٕ خاصہٕ چیز آے پیش کرنہٕ سبٕتھے خوشبوٗ نی عطر اَس مُشکہٕ ژھٹہٕ بخشان۔ پژ بتھ طرفہٕ اوس میوٗ ٹھ گیوٗ ن تہٕ ساز وَزان پژ بتھ کانہہ چیز اوس تتھہٕ کنی سپدان زِ پژ بتھ کأنسہِ اوس مزٕ تہٕ سکوٗ ن یِوان۔ بادشاہ اوس یِم انتظام وُچھتھ سبٕتھے خوش۔

سالس پیٹھ اَس بادشاہ صأبس پننی کوٗ ر خاص پأ ٹھی پژ اران مگر تَس اوس نہٕ

تہٕ پتاہ زیٛہ چھےٚ تسنٛز ے کوٚر تِکیاٚ زِ سوٗ اُس کھاندرپتہٕ ووٚنی واریہہ بدلیمٕژ تہٕ اَمہٕ علاوٕ اُس سوپٕز بتھ وِزِ بادشاہَس برٛونٛہہ کُن کانٛہہ چیز اننہٕ وِزِ بدلہِ بدل رخت لاگان۔

چھیکرَس بیٚیلہِ بادشاہس ووٚنی نیرُن اوس تہٕ سوگیہٕ تمِس نِش تہٕ ووٚنُس زِ بہٕ چھُس چانٛی سولوکٹ کوٚر یوسہٕ ژےٚ ولنہٕ وأل ہندِس غریب موٚہنوِس نیٚتری دِژ اُتھ۔

"بابہٕ صاأب۔ مےٚ وَن تہٕ ووٚنی چھُنا کرم دھرمہٕ کھوتہٕ بوٚڈ" تمہٕ ووٚنُس ژٕ دُچھ میأنِس خانہٕ دار ہنٛز دولت تمہٕ سُندگرٕ۔ مُلکس منٛز چھا توہہِ ورأے کانٛہہ اُکھا یُت امیر تہٕ یُت بوٚڈ۔"

بادشاہَس گو وپنہِ غلط سوچک تہٕ غلط کامہٕ ہُند احساس۔

پننٛی کوٚر نالہٕ مَتہٕ رٕٹتھ کوٚرُن تَس یہٕ وعدٕ زِ سُہ دِیہٕ پننٛز سلطنت اُمی ہندِس خانہٕ دارَس۔ یِی اوس کرمَس لیکھتھ۔

(راوی: بنٛشو بایو۔ رِنی وور سرینگر)



# ژور کھر تلہٕ ژُری تہٕ تِہُنٛد طالع

بادشاہَس أکِس أسی ژور نیٚچوی یِمَن سارِنٕے خراب عادت أسی۔ أکِس اوس ژامُت شراب، بیٚیِس چرس، بیٚیِس أفیٖن تہٕ بیا کھاوس بھنگہٕ چوان۔ یِمو ژورو کھوٗ تہٕ ژوٗر خراب تہٕ کھر تلہٕ آسہِ ہےٚ تہٕ دُنیاہَس منٛز کانٛہہ اکھا۔

اکہِ دوہہٕ ووٗن وزیرَن یُس بادشاہ سُنٛد خاص یار تہٕ صلاح کار اوس بادشاہَس یِمَن شاہزادَن ہنٛزَن اترأفِلَن ہُنٛد تہٕ مُلکہٕ، لوٗکن تہٕ گرِ خأطرٕ یِہنٛزَن پِچھ کامِن ٹھاک لاگنہٕ خأطرٕ۔ بادشاہَن ییٚلہِ نیٚچو بن ہِنٛد بن یِمَن کوکارَن ہُنٛد بوٗزِس کھوٗت سخت شرارت تہٕ تِم مُلکہٕ منٛز کڈِتھ ژھننٛک دِتُن فوری حُکم۔ تِمی ووٗن مےٚ چھُ بہتر کُنہِ دوٗیمہِ خاندانٛک کانٛہہ مونگتہٕ اَنُن تہٕ یِمو بدکارو منٛزٕ کأنٛسہِ أکِس ہِنٛدِ بدلہٕ سےٚ پَنُن جانشین بناوُن۔

وزیرس انتقام ہنٛک قصد کرنہٕ پتہٕ تِکی یِمو ژورشوٕ سےٚ شہزادو کیٚنٛہہ ضرورٕ تِکی چیز تہٕ دژاے اتہِ۔ کینٛژ وہفتو پتہٕ واتی تِم بیٚیِس أکِس مُلکس منٛز بیٚیتہٕ تِم بادشاہَس مُلا قاتس گےٚ یِتھ زِ سُہ تِمَن کانٛہہ نوکری دِیہ ہےٚ۔ مگر اَمہِ مُلکہٕ کِس بادشاہَس تہٕ أس یِہنٛد بن کرتوتَن ہِنٛز پوٗرٕ پےٚ یِیمہِ کِنہٕ تِمی یِمَن کانٛہہ کأم دِژتہٕ یہِ حُکم دِتھ کُرِن روخصت زِ یوٗت جلد تِمَن ممکن سپد تیوٗت ژٕلی ژٕلی نیرِن تِم اَمہِ مُلکہٕ منٛزٕ۔

کمہِ کائِل واتی تِم بیٚیِس مُلکس۔ یام تِم مُلکہٕ کِس بٔڈِس شہرس نِکھہٕ واتی تِتھے سپٕز راتھ اَمہِ کِنٕز ترٛ وو تِموا کِس بٔڈِس کُلِس تلہٕ کنہِ ڈیرٕ تہٕ کھیٚنہٕ چیٚ یاَ ژ گیِکھ تأرتہٕ لرٕ ژاَ دِتھے پیٚنکھ ہِنٛدرٕ۔

اَمہِ راَژ اوس اَمہِ شہرُک اَکھ بارسۍ باپاری گزریومُت تہٕ تٔمی کٕر ہِنٛدی یار دوس اَسی تِیتھ نفرا ژھانڈان یُتھ سہٕ میتس تۆت تانۍ راَ ژھ روزِ ہے یوٚت تانۍ تٔمی کٕ ہِنٛدِ دفنا وُنک وقت واتہِ ہے۔ یِتہِ چھُ عجیبے باسان زِ تِمن میوٚل نہٕ تِیتھ کانٛہہ نفرا یُس یہِ کأم کرنہٕ خاطرٕ تیار سپدِ ہے۔ اَتھی منٛز آو اَمہِ جماژ منٛزا کِس نفرس خیال زِ عأنِ ممکن چھُ زِ شہرٕ نِبر ماہیکہِ تِیتھ کانٛہہ اجنبی یا پچھو نامیلتھ یُس کینٛژن روپیَن ہِنٛدِ خاطرٕ یہِ رٕژرٕ چ کأم مانہِ کٔرنی۔ اَمہِ کِنٕز ژراو سہٕ شہرٕ کِس سرحدس کُن تہٕ اَتہِ وُچھِن یِم ژور شہزادٕ پٔتھرِس پیٚٹھ شونٛگِتھ۔

تِمن ہُشار کٔرِتھ وۄن تٔمی "تۄہہ منٛزٕ ہیٚکیا کانٛہہ اَکھا موردس نظر گزرتھا وِتھ تہٕ تِمس میلہِ جان تحفہٕ۔"

شہزادو وۄنُس "آ۔ اَسی کروے ژیٚے مدد مگر اَسہِ چھِ کاربار شروٗع کرنہٕ خاطرٕ ژور ساس روپیہِ ضرورت۔" اَمی نفرن وۄنُکھ "عأش کٔرِتھ۔ پَگہ مے ستی۔"

گزریمتس باپاری سُند گرٕ واَتِتھ آویمن ژۄن نفرن سہٕ کمرٕ ہاونہٕ یتہِ میت اُس تھاونہٕ آمُت۔ تِموکوٚر روارِ وارِ راَ ژھ کرنُک فأصلہٕ۔ راَژ ہِنٛدِس گوڈنِکس پہرس بیوٚٹھ اَکھ شہزادِ ییٚلہِ زَن باقٕی شوٚنٛگی۔ ییٚلہِ اَمہِ پہرُک اَکھ گأنٹہ ہیوٚ سپُد تہٕ یہِ مور دِ وۄتھ تہٕ رۄد بہتھ تہٕ لاجن گتھہٕ کرنہٕ۔

"مےٚ ستی گِنٛد کھانرِ بازا" اُمی وۄن

شہزادَن وۄنس "دبلکل ئہ گِنٛد مگر شرط کیٛاہ روزِ۔"

"ہرگاہ ژےٚ ہوٗرتھ تیٛلہِ دِکھ ژٕ مےٚ ژٕ ساس روپیہِ" مُیٛر وۄنس۔

شہزادَن وۄنس "مگر یہِ گووناا کی طرفہٕ۔ ہرگاہ ژٕ ہار کھ تیٛلہِ کیٛاہ دِکھ مےٚ۔"

موٗمتی باپاَرکی وۄنُس "ہو۔ تمیٛک مَہ بَر پرواے۔ یتھ گرس منٛز چھُ فلانٛز فلانٛز جایہِ وارٕیہہ بوٚڈ خزانہٕ ژۄرِ پاُٹھی تھاوِتھ۔ ہرگاہ ژٕ یژھکھ ژٕ یوٗت ہبکھ تیٛوت ہبکھ نِتھ۔"

شہزادَن وۄنس "تہٕ گووٹھیک" اَمہِ پتہٕ لوٚگ داو۔ شہزادن ہارنوودویہ ہٕرِ یہِ موٗمت باپاَرکی تہٕ سہٕ مانیٛنہِ ہےترٛ تیٛم بازتہٕ ہرگانہٕ ژٕ سُندر اَچھ پھراندواتہٕ ہے۔

یام سہٕ پتہٕ نس بیٛنِس باَیس ہُشار کرنہٕ خاطرِ پھیوٗ رلاشہِ دِیُت درازتہٕ راٗز ژھوپہ گرِتھ۔

شہزادَن وۄن باَیس "ووتھ سا۔ وۄنی چھےٚ چاَنی واَری راَچھ کرنٕچ مگر خیال تھاَوی زِلاشہِ چھی پزٕبکس۔"

دۄیمس شہزادَس اوس وُنہِ کےٚ کال راَچھ رۄزِتھ گوٚمت زِتس آیہِ تماَکر ٹٹھ۔ مگر تیٚونگل اوس نبر تہٕ سہٕ کتھہِ کنی ہیکہِ ہےاُکس لحظس تہٕ لاشہِ حفاظت سان اَتی ترٛ اَوِتھ۔ ژور ساس روپیہِ زیٛنٕک دارمدار اوس یتھ پیٛٹھ زِتم کرِہَن لاشہِ پٕہر حسبہٕ سان راَچھ۔ شہزادَن وۄن پاَنی پانسے ستی "مےٚ چھُ پتاہ کیٛاہ چھُ کرُن۔ بہ گنٛڈن یہِ لاش ہَلہِ گنٛڈنہٕ ستی پتہٕ نس کمرس۔"

نیبرِ گنہٕ ییلہِ تٔمۍ کٔر چلم ہیٚڑ گرماوٕنۍ تٔمۍ وُچھ تہٕ باسیوٚس کیٛنٛہہ گزبڑ وٕنہہ پہن بیٛا کھ ناراٛمگر ژکہِ اوس یہِ اَکھ اُکہٕ اُچھل دِوٚیُس پنٛنہٕ اَمہِ اکہِ اُچھ ٕستۍ اُمۍ ہے گن اوس وُچھان ییٚتھ زِ اُمِس مأرِتھ ژھنہٕ ہے۔

شہزادَن پرٕ ژھس "ژٕگس چھکھ؟ ژٕ کیاہ چھکھ ییٚتہٕ ژھانڈان؟ گوڈ ییٚتہٕ دٕورنتہٕ ژھنتھ بہٕ مأرِتھ تہٕ گنڈتھ تتھےٚ پأٹھۍ یَنہٕ نس کرس تتھ پأٹھۍ مے تیٚمس نفرس وُنۍ کوٚر۔" تہٕ ستۍ ہووُنس اَتھ لاشہِ گن۔ اُکہٕ اُچھل دِوٚن ییٚلہِ یہِ بوٚزُن ژٕہر یاوتہٕ لوگن شہزادس زارٕ پارٕ گرُن زِ مے دِمعأنۍ تہٕ کوٚرنس وعدٕ زِ یہِ کیٛنٛہہ ہاژٕ وَنکھ تہٕ دِمے بہٕ۔

شہزادَن ووُنس "مے گژھِ نہٕ کینٛہہ مگر اگر ژٕ یژھکھ تہٕ گژھ ہٕہر تیٚلہِ دریاوٕک روخ ییٚتھ بٔہ بادشاہٕ سٕندِ محل خانہٕ کنۍ پکہِ۔"

جنَن ووُنس "بلکل گرٕ بہٕ تی" تہٕ یہِ وَنأنۍ دژاو تہٕ کوٚرُن یی۔

رأژھ ہُنٛد دوٚیم پہر ووت اندٕ لہذا اتھأو شاہزادَن لاش پلنٛگس پٹھ تہٕ کوٚرُن پٔتن بیٛا کھ بوٚے ہُشار ییٚتھ زِ سہٕ پنٛنۍ وأری نکھہٕ والہِ تہٕ اُمِس یہِ ہدایت دِتھ زِ لاشہِ چھے پرٕہکس تہٕ اَمہِ کنٛزرۍ زِ یوٚرٕ حبسہٕ گوو سہٕ شوٚنکنہٕ۔

یہو ہے اَکھ گانٹہٕ ہیوٚ گژھتھ بوٚزأمۍ تژیٚم شہزادَن اکس دیٛونہٕ ہنٛز آواز زنتہٕ کانٛہہ بڈٕ زنانہٕ وودان آس۔ تٔمۍ گنڈ لاش یَنہٕ نس کرس تہٕ دژاو نبر یہِ وُچھنہٕ زِ یہِ کیاہ ڈلیل چھےٚ۔ تٔمۍ وُچھ زِ مکانس نیبرٕ گنہِ اُس اَکھ بڈٕ زنانا وودٕنۍ تہٕ پانس دیٛونۍ وَنان۔ تیٚمۍ تٔج یورٕ پنٛنۍ چھرۍ تہٕ وأجنس۔ بٔہ تتھےٚ یہِ وُچھ سو پھیرٕ پوٚت تہٕ ہیوٚتن

ژٕلُن تہٕ اَتھ منٛز ژھینٛس زنٛگ تہٕ تُنٛد باقٕے جِسم گووغاَےٕ۔

شہزادٕ گووحاَران "یہِ چھُ عجاَیباتھا" زنانہِ ہُنٛد کھوربانہٕ ٹُلن تہٕ تھوٗون پنٕنہٕ صدرِ منٛز۔ "سوٗ کتھٕہ پاَٹھی آسہِ اَکی ہے زنٛگہِ پیٹھ ژٕلتھ ہیچمٕژ۔"

پَتہٕ ژاوسہٕ انٛد رتہٕ روٗ دیٚمن راَچھ پہرانٛد واتنٛس پڑاران۔ اَمہِ پَتہٕ ٹُلن بیاکھ شہزادٕ یُتھ سہٕ ووٗنی تسنٛزِ جایہِ پیہٕ ہے تہٕ ستی ووٗننس زِ لاشہِ چھی پرٛکس لہٰذا اتھاوٕی زِ پوٗرٕ حبس۔

یہِ شہزادٕ اوس لاشہِ نکھہٕ بِہتھ زِ اَتھی منٛز وُچھن اچانک اَکھ جن بادشاہٕنٛز ماَری منٛز کوٗ رہتھ درواز کنہِ نیران۔ تٔمی گنٛڈ ڈٕلی ڈٕلی لاش کمرس تہٕ دڑاو جنٛس پتے۔ تٔمی وُچھ زِ اَمی جنٛن نیہِ یہِ شاہزاَدی میل کھنٛڈ دوٗ رتہٕ تتہٕ پَتھر ترٛاَوِتھ ووٗننس یُتھ نہٕ یِیمہٕ جایہِ ڈٔلکھ تہٕ پانہٕ دڑاو تیز رفتاَری سان جنٛگل کُن۔ سہٕ گووناراَننہٕ خاَطرٕ یُتھ زِ شاہزادٕ رٕژتھ کھیٚیہٕ ہے۔ شہزادَس تۄ ریہِ فِکرِ تہٕ اَمہِ کنہِ دوریاواَمس (شاہزادِ) نِش تہٕ ووٗننس ژٕ بدلاو مےٚ ستی پکو تہٕ جلدی نیر ژٕ یِیتہٕ یہِ لاش ہٕتھ تہٕ وات باپاَرٕ سُنٛد گرٕ تہٕ تٔتی روز اَتھ راَچھ۔ "بٔہ روزَے یِیتی" تٔمی ووٗنُس میوٗن ہے زبنٕہ وَہمہٕ۔ بٔہ آسہٕ وارٕ کارٕ۔"

کمےٚ کاَلی پتوٕ جن نارتہٕ اَکھ بٔڈ تِلہِ کڑایا ہٕتھ واَتتھ۔ بۄڈ نارٕ ڈیرازوٗلُن تہٕ کھاَژن اَتھ پیٹھ تِلہِ گراے۔ یِیلہِ تیلس گرٕبکھ آیہِ جنٛن ووٗن شہزادِ کُن (یوسہٕ تس باسان اَس) زِ ژٕ دِیتھ اَنٛدی اَنٛدی گتھ مگر یورٕ ووٗنس تیمی مےٚ دِمعاَفی مےٚ تۄ رنہٕ فِکرٕ۔ جنٛن ووٗنُس یہِ چھُنہٕ مُشکل تہٕ دِتن پانہٕ اَتھ اَنٛدی یکی کیٚنژہٕ گتھ یُتھ زِ اَمس فِکرٕ ترٕ زِ کیٛاہ چھُ کرُن۔ ظاَہر چھُ زِ جنٛس اوس اِرادٕ زِ اَتھی گتھ دِنٛس دوران دِیہ سہٕ اَمس تِلہٕ

کرایہِ کُن دَ کہٕ مگر شہزادس تٚو رأمؠ سُنٛدیہِ کوڈُر فکرِ تہٕ دِتُن جِنہٕ ہیے کُنے دَ کہٕ۔ یام جنس
گژبکہٕ وِنس تیلس تَل کَلہٕ گو واَتہِ گیہِ وَدَن کربکھ۔ باسان اوس زنتہٕ زمینے پھٕٹ۔
اَمہِ پَتہٕ آو شہزادِ گُوز ریمتس باپأرؠ سُنٛد گرِ واپس تہٕ شہزادِ ہٕنٛزٕ پلو واپس گرِتھ گرِن سوٚ مِحل
خانس کُن روخصت۔ یام یہِ سأئِلم سَپُد تہٕ شہزادِ لاشہِ لَرِ پتہٕ جایہِ واپس وۄت تَمؠ سُنٛد
رأچھ پہرتہِ وۄت لنٛد۔

وۄنؠ اوس صُبح سَپُد مُت تہٕ گُذریمتس باپأرؠ سٕنٛدؠ انگ اُشناو تہٕ یاردوس
آے تہٕ دِتِکھ رأچھدرَن تَم ژور ساس روپیہِ یمَن ہُنٛد وعدٕ کرنہٕ اوس آمُت۔ مگر
شہزادو مون نہٕ یہِ رقم رٔٹُن۔ تَمو وۄن اُمیک دوگنہٕ دِنہٕ خاطرٕ تہٕ دھمکی دِژکھ زِ ہرگانہٕ تَم
یہِ ادا کرَن تَم دِن بادشاہَس عرضی۔ مگر تَمو کرنہٕ یتھ گتھِ تہِ وضاحت زِ تَم کیاز چھِ
یتھ تقاضہِ کران۔ مگر گُوزریمتس باپأرؠ سٕنٛدؠ انگ اُشناو تہِ نرمے نہٕ۔ لہٰذا اُتھی
ژوشوے شہزادِ تہٕ دأتؠ بادشاہَس نِش تہٕ وۄنہس یہِ معاملہٕ ''بادشاہ صأب'' تَمو
وۄنُس ''اَسہِ ہٕتؠ آو دھوکہٕ کرنہٕ۔ یِم دارَن اَسہِ اُٹھ ساس روپیہِ تہٕ یِم چھِ اَسہِ امیک
نصفے دِنس اقرار کران۔ مہربأنی کٔرِتھ کرِ تہٕ اَسہِ ہٕتؠ انصاف۔'' اَمہِ پَتہٕ بلاو ناوؠ
بادشاہَن گُوزریمتس باپأرؠ سٕنٛدؠ سأرؠ رشتہٕ دار تہٕ یاردوس پانس نِش۔ شہرس منٛز گیہِ
اُتھ معاملس متعلق زبردست دلچسپی پأدٕ ییمہِ۔ کِنٛز اجلاس کِس کمرس منٛز سبٕٹھا لُوکھ سمے۔
بادشاہَن پرٛژھ ''معاملچ حقیقت کیاہ چھےٚ۔ یِم نفر چھِ ونان زِ تۄہؠ دأرِو
یمَن اُٹھ ساس روپیہِ تہٕ تۄہؠ چھو یمَن ژورے ساس دِنؠ یژھان۔''
تَمو دِتُس جواب ''بادشا صأب۔ یِم چھِ اپُز ونان'' اَسہِ کوٚر یمَن ہٕتؠ یہِ لفظ زِ

یم گرَن میتِس راتس رأچھ یتھ ماوضہٕ یمَن أسی ژورساس روپیہِ دِمو۔ اَتھ گتھ چھِ اَسہِ کینْہہ گواہ تہٕ بادشاہ سلامت۔ توٚہی زأنِو اَسہِ۔ أسی چھِنہٕ بددیانت تہٕ نہٕ چھِ تِہنٛز شِکس لدِ زأسی کھمو کانْسہِ ہُنٛد حق۔"

بادشاہَن وۄن ژورَن شاہزادَن کُن "توٚہی چھِوا بوزان یم کیاہ چھِ ونان۔"

تِمو وۄنُس درجواب "بادشاہ صأب، أسی چھِ بوزان مگر یمَن چھِنہٕ پتہٕ زِ اَمہِ لفظہِ پتہٕ کیاہ سپُد۔ بۄ زِ وجناب تہٕ صحیح فأصلہٕ کری تو۔ راتھ کیٚتھ رِگینٛد اَسہِ منٛز أکی گُزریمتِس باپأرِس ستی نرد تہٕ زیٚنِن ژورساس روپیہِ یتھ متعلق گُزریمتی شخصَن وعدٕ کوٚر زِ یہِ رقم پیہِ تِمہِ خزانہٕ منٛز ادا کرنہٕ یُس تِمی پنٕنِس مکانس منٛز فلأنی جایہِ ژھێپر اَدِتھ چھُ تھوومُت۔"

گُزریمتِس باپأری ہِنٛد بن رشتہٕ دارَن کُن پھیٖرِتھ وۄن بادشاہَن "بۄ زدا توٚہہِ؟ یہِ چھا پوٚز؟"

"بادشاہ صأب۔ نہٕ۔ اَسہِ چھِنہٕ کُنہِ تہٕ ژۄ رِتھاونہٕ آمتہِ خزانک پے پتاہ" یِمو وۄنُس۔ اَمہِ پتہٕ دِیُت بادشاہَن حُکم زِ کینْہہ سپاہ ہیٚن مکانس تلأشی کرنہٕ خأطرٕ سوزنہٕ تہٕ اَکھ شاہزادٕ تیٚمی گوڈ نکہِ پہر رأچھ گرسہ گرشہِ یمَن ستی۔ گُزریمتِس باپأری ہِنٛدِ مکانہٕ کِس پژ ہتھ کمرس آیہِ پۄرٕ تلأشی کرنہٕ یوٚت تانی اکِہ شونگن کُٹھِہ کِس پتھرس تل اَکھ بوٚڈ بارٕ خزانہٕ نوٚن دژاو۔ یێلِہ شاہزادٕ تہٕ سپاہ واپس آے تہٕ بادشاہَس یہِ خزانہٕ ہوو کھسہ گووسخت حأران تہٕ حُکم دِژُن زِ یمَن گرشھَن أٹھ ساس روپیہِ دِنہٕ تِمہٕ۔

اَمہِ پتہٕ آوسہ شاہزادٕ بڑ وٚنہہ کُن تیٚمی دۄیم رأچھ پہر اوس دِتُمت تہٕ کوٚرُن

بادشاہَس بڑ دٔنہہ کَنہِ دعوا۔ تٔمی وۄن بادشاہَس زِ تٔمی کتھہٕ پٲٹھی کھوژنو وجن تہٕ سہ مأنٔ روۄن ڈٕریاوُک روخ محل خانہٕ کُنی پھرناوُن۔ اَتھ پتہٕ سپُد بادشاہ سیٹھا خوش تہٕ حُکم دِتُن زِ شاہزادَس گژھِ اَکھ مُناسب انعامہٕ دِنہٕ یُن۔

اَمہِ پتہٕ موٚنگ تٔمی شہزادن گتھ کرنک اجازت تیٚمی تژیم رأچھ پہراوس دِتُمت وۄنُن زِ کتھہٕ کُنی کٔر تٔمی دیٚو وِنہٕ ستی لڑاے تہٕ ژٕٹن تٔمس اکھ زنگ۔ اَمہِ پتہٕ کوٗرن دیوٕنہِ ہُند سہ کھور بانہٕ کھور بادشاہَس نِشہِ پیش۔ ییٚمہِ کُنی بادشاہ تیوٗت خوش گوو زِ تٔمی دیُت حُکم زِ اُمِس شاہزادَس تہٕ گژھِ اَکھ بوٚڈ انعامہٕ دِنہٕ یُن۔

أخرس پتہٕ آو سہ شاہزادٕ بڑ دٔنہہ کُن یُس رأژہندِ أخری رأچھ پہر لاشہِ نِشہِ اوس بیوٗٹھمُت تہٕ وۄنُن زِ تٔمی کتھہٕ پأٹھی بچأو شہزأدی أکس وۄکھہٕ جنہٕ سُند بو بچوٚمژ مورُن سہ جن تٔتھی تِلہِ کٔڑ ایہِ منٛز۔ یتھ منٛز سہ شاہزادِ تڑ اوُن اوس یژھان۔ یِلہِ بادشاہَن یہِ بوٗز سہ گو وتیوٗت حأران۔ یتھ نہٕ کانٛہہ اندازٕ ے چھُ تہٕ سوٗ زُن پننہِ کوٗرِ ناد یہِ زاننہٕ خأطرٕ زِ آیایہِ چھا پوٚز کِنہٕ اپُز۔ یہِ زأنتھ زِ شاہزادٕ اوس پوٚز وَنان سہ وۄتھ فورن تھوٚد تہٕ کوٗرُن اُمِس نالہِ موٚت تہٕ اَمہِ پتہٕ کٔرنس یہِ وَنان شاہزأدی حوالہِ ''رٔژُن، یہِ پَھچھِ چأنی آشنی۔ واریاہو موٚنگ مے اُمی سُند رشتہٕ تہٕ مے کوٗر تٔمن انکار مگر وۄنی چھےٚ یہِ چأنی'' یقیناً میلہِ نہٕ مے اُمِس لایق ژٕے ہیٚو بیٚیہِ کانٛہہ تیٚمی زَن یہِ تتھہِ خوفناک موتہٕ نِشہِ بچأو۔'' اَتھ پتہٕ دِتی سارِوے لُکو نعرٕ ''بادشاہ سلامت زندہ باد، شاہزادِ اُسن زندہ باد، اُمی سِندِس خانہٕ دارِس زندہ باد، یِمن سارنے اُسن زتھ وأنس تہٕ بیٚیہِ اُسن سیٹھا یار چاہ۔''

تمہِ دوہہٕ تہٕ اَمہِ پَتہٕ کینژَن دوہَن اُس شہرس منٛز زبردست دِوَے۔ ترٛٚوہ پژھ پَتھ گُن زانٛہہ اُسنہٕ تہٕ بڑ ؤنٛہہ گُن زانٛہہ بوٗدِنہٕ۔

ژوشوَے شاہزادِ رۄدۍ کینژَن ؤریَن اُتھی مُلکس منٛز تہٕ سبھٹھا پاپرجاہ سپدۍ۔ تیٚمۍ شاہزادَن شاہزاُدۍ بچاوٕ مِژ اُس سُہ آوولی عہد بناونہٕ۔ یِیلہِ زَن تٕمۍ پننۍ ترٛے بأے تَس ماتحت بڈبن عوٚہدَن پیٹھ تعینات آے کرنہٕ۔ وۄن گوو تمہ اُکرنہٕ پوٗرٕ پأٹھۍ خوش۔ تم اُسۍ بیٚیہ پنُن مُلک وُچھن یژھان۔ بادشاہَن زأنۍ تہنٛز خاہش مگر سُہ اوس اَمہِ کنۍ یَمن انکار کران زِ ہرگا یِم بیٚیتہ دژاے خبر پَتہٕ پنا بیٚیہ واپس۔ چھیکرس آو تَس پہنٛدِس سخت زارٕ پارٕ کرنس پیٹھ عارتہٕ دِیُت نکھ فوج تہٕ رقم ہتۍ دِتھ گرٛھنک اجازت۔

پنُن وطن واپس وأتتھ کوٚر یِمو شاہزادو مألِکہ پننِس فوجس ہتۍ جنگ تہٕ ہار نأوِکھ تم۔ یِیلہِ بادشاہَن یعنے تہنٛدۍ مأ لۍ بوٗز زِ پننۍ بو نیچو بولو ڈتَس خلاف سُہ دژاو تمن بُتھہِ تہٕ تمَن بڑ ؤنٛہہ گنہِ پان پُتھرِس ترأوِتھ کوٚرُن تمَن جنگ بنٛد کرنُک درخاست تمو وۄن تمس زِ تمۍ اُسۍ تم پننہٕ نِس خاص وزیرٕ سنٛدس وَننس پیٹھ مُلکہِ نبر کڈۍ ہتۍ۔ پتہٕ پٔد بڈٕ بادشاہس نیچو بن ہتۍ صلاح تہٕ شہرس منٛز سپدۍ شأدیانہٕ۔ دۄیمہِ دوہہٕ آو وزیر قتل کرنہٕ سأئلم کینٛہہ رۄدۍ رِتۍ پأٹھۍ گُزارَن۔ زِ شاہزادِ گے دۄیمس مُلکس کُن روانہٕ یتھ تتہِ کأم کارچلاوٕ ہن۔ یِیلہِ زن بیٚیہ زِ مأ لۍ سے نِش تس مدد کران رۄدۍ۔

(راوی: قأدِر۔ امراکدل سرینگرٕک اکھ نأوِد)



# شَرف ژُور

رنجیت سنگھنس دورس (زاؤری۔۱۷۸۰ء) منز آسہٕ سَنہٕ تہٕ ژُوٕر عام تہٕ یتھ "خوشونہِ وادیہ" منز آسہٕ ییتھہِ شاطِر اندازٕ سپدان زِرِ تی تہٕ دیانتدار لُکھ اُسی اُتھی نِکرِ آسان زِ تِم رٕتھہٕ کُنہٕ ہکَن تہِ کینژھا بچاوِتھ یِہ تِمو محنت تہٕ کفایت شعاری کُنہ پتھ پلہِ گرِتھ سوٗمبرِتھ اوس تھووُمت آسان۔

تِمَن دوہَن اوس ژُورَن تہٕ ڈاکوٗن منز شرف ژُور ماننہٕ یِوان۔ سُہ اوس تیوٗت شاطر، نڈر تہٕ کامیاب زِ تِمی سُند ناو بوٗزِتھ اُس تھٕرِ ودھان تہٕ سُہ اوس یوٗہے وِہیا تھاہیوٗ زاننہٕ یِوان۔ خبر لُکن کیا زِ اوس یِہ باسان زِ اَمِس چھُ تِیُتھ کیا ہتام جودانہٕ تہٕ شیطانی نظر زِ تِم اُسی نہٕ تِمی ہِندِس کُنہِ منصوٗبس منز ٹھرِ تھیٚچ یا تِس رکاوٹ کوٗشش کران۔ تِس متعلق اُسی اَکھ زِ تیتھی واقعہٕ تہِ اکثر پھِرنہٕ یِوان زِ ییلہِ سُہ ژُورِ ہِندِس الزامَس منز عدالتس منز پیش آو کرنہٕ مگر تتہِ کھوٗتے نہٕ تَس کینٛہہ تہٕ لہٰذا ہیوٗ کنہٕ تَس کانٛہہ کینٛہہ گرِتھ تہٕ ووٗنی تِمَن تِمی ژُور اُس گرٕ مژٕ تِم اُسی پانس یِہ وٕنِتھ تسلی دِوان زِ یِہ اوس تِمَن قسمت ہنے۔

شرف ژُور اوس کبر گانی یِن نیٚچُو یُس اَکھ بارسہٕ تہٕ امیر شالہٕ باپاری اوس یُس زانہٕ کٔدلس نکھے بسان اوس۔ یِہ (کٔدل) اوس سرینگر شہر منزی پکَن وٲلس

جہلم دٕریاوَس پێٹھ ستومنٛز ژٕر رِم کٕدل تہٕ یُس شہر کٕمن دوٚن طرفن منٛز بسن والین لۄکن اَکھ اَکس نِشہِ یِنہٕ گژھنُک خاص ذریعہ اوس۔ تَس اوس یہ ہیتھ زِتَس تٕرماٚلی سِتٕز دولت ورا ثہٕ منٛز اِو کٕنٛز کرنہٕ شرفن ماٚلی سُنٛد کاربار ہیچھنٕچ کانٛہہ تہٕ کوٚشش تہٕ نہٕ کٕرن پَنٕن روزگار کماونہٕ خاطرٕ دوٚیمہِ کُنہِ ذریعچ کَل۔ اَمہِ کٕنٛز بنیاوٕس آلرٕ ھ، بےغم تہٕ رلنٛڈ شخصا یُس نِش زندگیہ ہُنٛد مقصد صرف کھیوٚن، چون تہٕ روپیہ خرچاونہٕ اوس۔ اَمہِ کٕنٛز اُس تہٕ ہہِ حاٲرٲنی ہنٛز کتھا زِ ماٚلی سِنٛدِ مَرنہٕ پَتہٕ ووٚٹ تَمہِ پَنٕن سورُے کار، روپیہ تہٕ جادادتہٕ کم ہے کالس منٛز کوٚڈُن سارٕی ہے ساٲن، نژُن تہٕ گیوٚنس تہٕ بدکارن سٕتۍ سنگتھ تھاوِتھ تاس۔ ووٚنۍ کیاہ کرِ ہے سُہ؟ نہٕ تگہِ ہَس منٛز وٕریٚ تہٕ نہٕ ہیچھن تہٕ اَمہِ کٕنٛز لاج تَمہِ ژٕر ہیچھنٕی تہٕ کرنۍ۔

کینٛژہ وۄمقامی بسکینو وَنہِ مےٚ تَس متعلق یِمہٕ کینٛہہ دٕلیلہٕ یِمہٕ وُنہِ پھرنہٕ چھےٚ یِوان۔ یِمہٕ چھےٚ لُکہٕ ویو ہارُک تہٕ اَکھ اہم حِصہٕ تہٕ یِمہٕ چھےٚ باقیٚن متعلق کتھ کرنہٕ وِزِ تہٕ دوہراونہٕ یِوان۔ توٚے کرِ مےٚ یِتھ سوٚ مبرنہِ منٛز شاٲمل۔

I

اَکہِ دوہہٕ گوو شرف زبردست پکو پوشا کالاٚ کٕتھ حَیہ تہٕ زیٚیہ سان اَکس باغس منٛز اَتہِ اُسی کینٛژن عزت دار گرن ہنٛدی کینٛہہ شُری خوبصورت گلبن تل گِنٛدان۔ شرفن وُچھ زِ یِموٚ شُربو منٛز اُسی کینٛژن سبٹھا نٛوی تہٕ اِصل بوٚٹ لاٚ کٕتھ۔ سُہ گوو تِمن نِشہِ تہٕ دوٚپنکھ دٕلو ہہِو پتھر رسمہٕ مطابق کٕڈی یِموٚ اَمہِ بٕڑ وٕنٛہہ کھوربانہٕ مگر اُمی ژٕرن ووٚن یِمن زِوٚنی کبس مَہ کڈو کھوربانہٕ تکیا زٕبلی اگر شرف ژٕرٲندی پکٕ اوس

سہ ہنیہِ تیلہِ یمن۔ شُر ہو تژ دوس یہِ ہۄ زِتھ اسنا۔ ''سہ ہنیہِ یمن'' تموۄ دوٗنس۔ ژےٚ کیاہ چھی اُسی باسان۔ اُسی کیاہ بے وقوف چھا کِنہٕ اسہِ چھنہٕ گاش۔ اسہِ چھِ یمہ ہۄٹ پانس لرِ۔ سہ کُس ہیکہِ یمن ہتھ زِ اسہِ لگہِ نہٕ پتہٕ۔'' حُلیہِ بدلاوی ہتی ژوٗرن زون پٔنن موقعہٕ تہٕ وۄننگھ ''ٹھہرٕ و۔ ئہ ہاوٕ کتہٕ کنٕز'' اَمہِ پتہٕ دژاو شرف رژھ کھنڈ دوٗر پہن یتھ اُنڈی پکی پۄرٕ نظر گزر دِیہِ تہٕ یہِ زا ہتھ زِ اتہِ گژھِ نہٕ کاُنسہِ تہٕ شک آؤ سہ واپس۔ ساری ہۄٹ بٔرن اکس کپر ژادرِ تہٕ دژاو بینہٕ واپس۔ مگر امہِ وِزِ آو نہٕ سہ دُبارٕ واپس۔ یُد وے زَن لتس یمو لڑکو پژ ہتھ لنڈ آلوآلوتہِ کوٚرتہٕ بے صبری سان اُمس پژاران تہٕ روٗدی۔ تمن گو وشک زِ یہوے اوس شرف ژوٗر اُچ خبر لج شہری شہرس مگر حاصل آو نہٕ کینْہہ۔

II

بَتہٕ مالیُن چھُ اکس بڈِس گامس ناویُس شہرس نکھے چھُ۔ بتہٕ گو وکاشُرک پأٹھی روٗنمُت تومل تہٕ مالیُن چھُ لنڈ از کنٕز مأل منزٕ کڈنہٕ آمُت یمیک مطلب کھنچ خاہش چھُ۔ اوٕ کنٕز گژھِ بتہٕ مالیُن لفظُک مانہِ فقیر اُسن یعنے یُس زورٕ زا رے زُوان آسہِ تہٕ ہر ہمیشہِ کم یا زیادٕ بتہٕ ژھانڈان آسہِ۔ بہر حال اتہِ چھےٚ اکھ مشہوٗر مسجد یہ چھے اکس تھدِ پایہِ فقیرس کُن منسوٗب تہٕ اُمی ہندی کنٕز چھُ اتھ مسجد تہٕ تہٕ گامس تہٕ یہِ ناو۔ اُمس خدا دوستہٕ سُند مقبر چھُ مسجدِ نکھے۔ شرف ژاو اورامام بٔنتھ تہٕ لاجن بانگ پرٕنی۔ یہِ ہۄ زِتھ آے کینْہہ گرٕ ہسی تہٕ ژاے مسجد تہٕ اِشارٕ لبتھ لاگِکھ صفہٕ گرٕنی۔ نماز شروٗع کرنہٕ برٕ ونہِ وۄن تمن شرفن زِ ژادرٕ تھاوِ وسۄ مبر تھا اکی ہے جایہِ ڈیرس تکیاز

تٔمۍ وۄنُکھ "مےٚ بوٗزشرف ژٔور چھُ یپأرۍ پھیران تہٕ سُہ ہیکہِ گٔنہِ تہٕ جایہِ ژٔور کٔرِتھ۔
سو مسجد اُسۍ تن یا بازار یا بڈ سڑک" لہٰذا اکوٚ ریموٗلی تہٕ یُس شخصاہ مسلمانَن ہٕنٛز وۄتھمت
آسہِ تَس چھُ یہِ پتاہ زِ تِم کِتھہٕ کٔنۍ چھِ امامس پتہٕ گٔنہِ نمازِ منٛز اکی وقتہٕ رکوٗعس تہٕ سجدٕس
وَسان۔ أتھۍ منٛز دِیُت شرفن یُس نقلی امام بٔنِتھ اوس سجدٕ تہٕ أتھۍ زَٹھس سجدٕس
دوران وۄتھ سُہ وُژھہِ سان تھوٚد تہٕ وۄٹُن یہِ ژادٕرڈیرٕ تہٕ دڑاوا کہِ لوکٹہٕ بَرِکنۍ نبر۔
نماز پرن وألۍ أسۍ وۄنۍ پڑاران تہٕ سوچان زِ امام کیا زِ چھُنہٕ سُجدٕ پٔتھ ووتھان۔ تِمن گوو
شک زِ شاید گو وأمس غش۔ خأر تہٕ أخرس تل أکۍ مُقتدی یَن گلہٕ تھوٚد تہٕ اَتہِ نہٕ گٔنہِ
امام تہٕ نہٕ ژادٕرڈیرٕ وُچھِتھ دِژٕن باقیَن گُن کریکھ "افسوٗس! ہَتہ افسوٗس، ہے بابو۔
اَسہِ پھوٚر شرف ژٔور۔ أسۍ چھِ أسۍ ہٕتۍ تِمس ژٔورس پتہٕ گٔنہِ نماز پران یُسنٛد نہٕ کانٛہہ
شکھے ہیکہِ ہے کٔرِتھ۔

III

بیاکھ واقعہٕ چھُ یِتھہٕ پأٹھۍ زِ أکھ وۄدُر اوس کمہِ تانٛی گامہٕ پیٹھہٕ کینٛہہ کٔرۍ ہٕتۍ
ہٮ۪تھ یہِ سرینگر کِنہٕ خأطرٕ آمُت۔ شرف تہٕ چھُ لپأرۍ پکان اوسمُت تہٕ أمس سلام کٔرِتھ
پرٛژھنس زِ ژٕ کِتیس کٔنِکھ یہِ۔ وۄدٕرۍ وۄنُس "ترٛے روپین" شرفن کٔرنس تھٔنیاۄ نیاتہٕ
درکہٕ درکھ کٔرِتھ وۄتھس زِ مےٚ وَن گُنے گٔتھِ مےٚ کیاہ چھُ دِیُن" وۄدٕرۍ ہووُس خدا
رسولؐ تہٕ وۄنُنس مےٚ چھی اَتھ صرف أٹھ آنہٕ زٕینٛزۍ "امہِ کھوتہٕ کم کیاہ گژھہٕ بہٕ
زیُن؟" شرفن دِیُت یہِ باس زِ زنتہٕ تَس توتہٕ کِہنۍ بوٗژھ نہٕ۔ تِمۍ سوٚمبر اودٕ یورلٕرِھ موٚتھا
تہٕ اتھَن منٛز مُرن دِتھ بنوو تُس ٹیوٗنگ تہٕ اَمہِ پتہٕ دوٚ پنٛس مانتہٕ زنتہٕ یہِ چھےٚ نبیؐ صأبنۍ قبرٕ تہٕ

اَتھ پیٹھ اَتھہٕ تھاۄِتھ وَن اپجی دڑے۔ اُمؔ ووڈرٕ بچاُرؠ کوٚرپوٚر پڑھِ سان یِی۔ مگر شرفن اُس اُڈلڑھ اَتھہٕ سے منز تھاوٕمژ تہٕ ہمی ییٚلہِ سبٹھیے احترامہٕ سان اَتھ کُن نمن ہیوٚت تہٕ تیمی لوٗیُس یہِ لڑھہِ بوٚک سیوٚ دُے اُچھن تہٕ کپر تھانس تھپھ دِتھ ژوٗل اَتہِ۔

یہِ کیاہ چھُ وَننٕ زِ غریب وووڑِس اوسہٕ کینژہہ بوزنے یوان سُہ اوس حاُران۔ سُہ ہیوٚک نہٕ کہنہٕ تہٕ کٔرِتھ ماسوایہِ اوس دَگ للوان تہٕ پنٕہٕ نِس قسمتس وودان۔

## IV

اکہِ دوہہ بیوٗٹھ شرف اُکس استانس نِشہِ تہٕ زنتہٕ سُہ فاتحہ اوس پران۔ اُتھی منز دژ اولیاُرٕ اکھ نفراتہٕ شرفن کوٚرتَس آلو۔ سُہ آس نکھہٕ تہٕ ووٚننس کیاہ گوٚھی۔ شرفن ووٚنُس "خدا کری یاُری۔ مےٚ اَنتہٕ ژوٹ۔ یہٕ دِمَے ژٕ پنٕسہٕ۔مےٚ چھےٚ یمہٕ ژوچہٕ پنہٕ نِس جنتی مالی سِندِ ناوٕ غریبَن باُگراونہِ" اُمس باسیاو یہِ چھےٚ ثوابکی کاُم تہٕ اَمہِ کنہٕ موٗننس خوٚشی سان تہٕ دژ اوژوٹ اَنہِ۔ مگر سُہ تہِتھےٚ کینژہہ قدم پوٚک تہٕ شرفن کوٚرتَس واپس آلو دوٚ پنٕس "ہے یپاُرٕ۔ وولہٕ گوٚڈٕ واپس۔ ٹِکِ کمن نہٕ ژٕ اوٕر واپس آکھ۔ لہٰذا تھاوٕ پنٕنہٕ کپر ژادرٕ ژٕ تانٕ مےٚ نِش یوٚت تانٕ ژٕ واپس ژوٹ ہیتھ یکھ" اَتھ منز کیاہ شکھے ہیکہِ ہے گرٕ ہتھ۔ اُمؔ واُج پنٕنہٕ ژادرٕ تہٕ تھاۄن اُمس نقلی فاتحہ پرن واُلس لَرِ۔ افسوٗس سُہ تہِتھےٚ نظرو ڈوٗل شرفن تُجِ کپر ژادرِ ہٕن تہٕ دژ اوبیہٕ لٔنڈ۔ یہِ اوس اَکھ جانہٕ سودا۔ گرٕ ژَن تانٕ پنٕسن ڈٕ رکپر زادرٕ۔

## V

اکہِ دوہہ بیوٗ اُکس گلوانس شرف بُتھہٕ۔ سُہ اوس اُکس صاف راہدار

گُرِس کھٔسِتھ۔ شرفس گو وِدِلس اٗمِس گُری سُنٛد وُزوُز۔ پرٛژھنس "ہرگاہ یہ گُر کُنہٕ ہن ژٔے کوتاہ گرٛٹھی اٗمِس؟" اورِ میوٗلُس جواب "ہتھ روپیہ" شرفن وُنُس "اچھا تہٕ گو جانٕہ۔ مگر بہٕ وُچھہ گوڑ زِ اٗمِس ماچھُ کانٛہہ عاب۔ بہٕ کھسہٕ گوڑ اٗمِس" شرف تھٕچھ گُرِس کھوٗت تہٕ گُرنس کھوٗر۔ سُہ آو نہٕ پتہٕ اَتھے۔ سُہ ووت خبر کوٗت تہٕ بچور گلوان رُدٕ صرف کربکہٕ دِوان۔

## VI

بٹا اَکھ اوس دٔریاوُ بٹھی اَکھ کوٗر ژادر ؤلتھ پکان۔ شرفس پییہٕ اٗمِس پیٹھ نظر تہٕ تٔمی ژٕھنٛز اٗکس ناوِ منٛز وٕٹھ۔ یوسہٕ اکہِ رَزِ سٟتۍ بٔٹھس پیٹھ چلس اٗس گنٛڈِتھ۔ ژٕ لوگ ناوِ ہٲنٛز مگر یُس بیمار اوس۔ اَمہِ کٔنی وُنُن بٔٹس وولہٕ مےٚ گرتہٕ مَدتھا تہٕ اَتھ بدل دِیہٕ بہٕ ژٔے اپور تارتہٕ وَتھہ تہٕ گرٛٹھی ژھوٗٹ۔ بٔٹن موٗنس وٕلی وٕلی۔

تہنٛدِس منٛزلس واتنہٕ برونٛہہ پٔہن اوسُن شام ہیوٚتمُت سپدن۔ لہٰذا اوُنس ناوِ ہٲنٛزن یوٚہے سبٹھے احسان مندی سان زِ "ہے وُنی چھی ژٔے گوڑے ژیر گومُت تہٕ یہ زَن ژٔے وُنتھ زِ ژٔے چھی گرِ وُنہٕ دوٗر۔ ژٕ کھیا وَتھ اَز یے بتہٕ تہٕ پتہٕ گر کھراتس ناوِ منٛزٕ ے آرام تہٕ صُبحس نیرَ کھسلہِ سُلے گرِکُن۔ یارا۔ رَٹھ یہِ روپے۔ بہٕ چھسے ژٔے یہ پننہٕ دِلہٕ دِوان۔ رَٹھ تہٕ اَن اَتھ پانس کیٛتھ کھین" بٔٹن رٔٹ روپے تہٕ ہیوٚتُن اَتھ کھینہٕ خاطرٕ کینٛہہ اَننہِ نیرُن تام کوٚرنس شرفن آلو تہٕ وُننس "ہے وولہٕ پھیر واپس۔ ژٕ آسکھ تھوٚکمُت۔ بہٕ گوس وُنی ٹھیک تہٕ بہٕ ہکہٕ وُنی چانہِ کھنٛمک انتظام کرِتھ۔ ژٕ بیٛہ بیتی ناوِ منٛز تہٕ بہٕ وُچھنے کانٛہہ موٚہنیٛوٗ یُس چانہِ خاطرٕ بتہٕ رَنہٕ۔ تہٕ ہرگاہ مےٚ ہٕنٛز یہ ژادر

دِکھ تیلہِ ہیکہِ سہ اُتھی منز چانہِ خاطرٕ کھسن اُنتھ۔ بٹس کیاہ شک یا کھوٗتھ کھٹاے باسہِ یے اَتھ منز تہٕ لہٰذا دِژن پننی ژادر تہٕ رؤ دصبرٕ سان کینژوس کالس ناوِ منز پژاران۔ مگر پتہٕ ٲجس ژادرِ ورأے ترتہٕ بینہِ ٲجس بوچھِ تہٕ۔ اُخرتہٕ رأوس توژھ تہٕ اَمہِ پتہٕ کیہ کأل لوگن بڈِ بڈ ودُن تہٕ وَنُن ''ہتا مے ہاپھوٚ رشرف ژوٚر''۔

# VII

بیا کھ دٔلیل تہٕ چھے اُکس وودِ یے متعلق یُس تمۍ یے ووہٕ رکی ہندی پأٹھۍ یِسنزٕ کتھ گوڈٕ دٔ ژھ۔ سرینگرٕ اوس پٔژن کُپرٕ کِنہٕ کہِ غرضہٕ آمُت۔ اَسہِ وُچھ زِ شرفس اوس کپرس کُن زیادَے یہن رغبت۔ اِو کِنی دژ اوسِیہ عیار بروٚنہٕ یہَن تہٕ دِژن وَتہٕ منز دراز تہٕ لاجن سخت کِکرٕ ہارے تہٕ اُ ے وأے گرٕن زنتہٕ تمس سخت دوداوس۔ لپأری یم نفر دژ اے تم گے اَمس اَندی یکی جمع تہٕ بأوہس پننی ہمدردی۔ وودُ رتہِ وؤت تہٕ چھس دُ چھان۔

شرفن لوگ زنتہٕ وارٕ وارٕ بُکُن۔ تمۍ مُورادِ اُچھ تہٕ تتھہٕ کِنی دِژن نظر زنتہٕ تمۍ امی دِزِ وودِس یہِ کپُر وُچھ۔ اَمس وؤ نُن زِ ہے خدایہ ہندِ خاطرٕ دِتہٕ یہِ تانٔی یؤری بہ گنڈٕ ہا کمرس۔ وودِس تہٕ آو اُمی سُند عارتہٕ دِتنس یہِ کپُر۔ اَمہِ ہکہِ گنڈ نک زنتہٕ سبٹھا رُت نتیجہٕ دژاو۔ اَمس یہِ گنڈنہٕ پتہٕ محض کینژ ومنٹو پتے وؤن شرفن زِ بہ ہیوٚتنس وؤنی ٹھیک گژھُن۔ اَمہِ پتہٕ وؤنُن اَتہِ سمتھ لۄکن زِ تۄہی نیر ووؤنی یُتھ بہ ہواہیوٚ چمہٕ ہا۔ وودِس ورأے یم اَتہِ اُسی تم دژ اے ساری۔ وودِس کُن وؤن شرفن سبٹھاہ حلیمی سان وؤن ''خداے دِی نے ژے رُت جزا، ژے کرتھ مے سخت مہربانی! وؤنی کرتہٕ میأنی اَکھ

کاٗم۔ ژٕ اَنتہٕ مےٚ خاطرٕ ہمہٕ مَسجدٕ ہنٛدِ کرِ پرٕ منٛز ترٛلیش تہٕ بہٕ چھمہٕ ہاسوے۔ دگہٕ ستی چھُ زَن مےٚ سورُے زُوٗدرٕ امُت۔'' سُہ گووترٛلیش اَنہٕ۔ تَس تہِ ما گووکانٛہہ شکھ تہٕ اُتھی منٛز درٛاو شرف تہِ پانس تہٕ ییٚلہِ ووٗنی بچوروووٗ رواپس ووت سُہ گتہِ وُچھِ ہے اُمس۔

## VIII

پیٹکی بسکین چھِ روپیہِ یالوٕ کٔڑ موٕ کٔڑ قیمتی چیز یاتہٕ پنٕہٕ نِس ہلہِ گنٛڈ نِس منٛزٕ نتہٕ ژادرِ لونٛچہ منٛز گنٛڈِتھ تھاوان۔ نتہٕ چھِ دستارس منٛزٕ تہِ ژورِ تھاوان۔ تیٚمس پیٚرس متعلق اَسہِ ووٗنی لیکھٕمُن چھُ سُہ اوس دستارسے منٛز تھاوان تُمی اوس اُکِس سونٛرس نِشہِ اَکھ سونہٕ وَسائٕلی اوٗنمُت تہٕ اوس ووٗنی گرمہٕ تہٕ زیٹھہِ سفرٕ کِنی سخت تھٔکِتھ لوٗستھ گرٕن پکان۔

شرفس لوٗگ پتاہ زِ پیٚرس چھُ دستارس منٛزٕ سونہٕ وَس تہٕ لوگُن دمباغس ژٕلِل دِیُن زِ بہٕ کِتھہٕ کِنی نمہٕ یہِ اُمس۔ تُمی تُج دَو تہٕ ییٚلہِ برٕ وٗنہہ پہَن گووتہٕ بیوٗٹھ دَتہٕ ماوٕلِس کُن تہٕ لوگُن وَدُن۔ پیٚر ییٚلہِ اوٗتھ ووت تہٕ کوٗرنَس پتھر بیہنہٕ خاطرٕ زارٕ پارٕ تہٕ ہنادَم دِنہٕ تہٕ کینژھا کھیٚنہٕ خاطرٕ ووٗننس یہِ زَن اُمی مالی ہندی نٲوی پیش کوٗرُس۔ پیٚر گوو یہِ کرنَس سیٹھہے خوش تہٕ لوگُن مَزٕ سان کھیٚنا کھیوٗن تہٕ پنٕہٕ نِس اُمس اتفاقن سمکھیمتِس میز بانس ستی خوش گفتاری سان کلامہٕ کرُن۔

خبر یہِ سَپدا اَژوچہِ کینٛہہ دوا مُتھتھ آسنہٕ کِنی کِنہٕ تھکاوٹ والہِ زیٹھہِ سفرٕ کِنی زِ پتھہٕ تتھہٕ گوٚو تَس سخت نِنٛدرِ ہنٛزٕ کاف تہٕ شرفنی گتھ مأنتھ ترٛاوِن لَر تہٕ اُتھی ستی پٮ۪یس نِنٛدرٕ۔ شرفن تُلس دستارٕ تہٕ مختلف طرٕ یقو اُمس پھٔش تہٕ گش گرِتھ پاونس گوٚب نِنٛدرٕ۔ پہوے اوس شرفس موقعہٕ۔ تُمی تُل دستارٕ تہٕ پنٕہٕ نِس اُمس نِنٛدرِ منٛز مَس پٔرٕھس

کُن ہِتھ ژٕ کراُ وِتھ ہِش نظرا اَکرِتھ دژا اولوٚت پأٹھؠ گَتھ تانی مانٛھس کُن تہٕ اُتی
ترٛاُون دٕیچِہ اَمہِ کامہِ ستؠ خوش سپدِتھ زنگہٕ ڈٕہرِ رتھ نندرا۔ یہِ سونہٕ وَس لوٚ ہے، کہنی نے
تہٕ ہتھ روپیہِ ۔

# IX

تیٛمِس بیٛنِس غریٖبس شرفَن تأرُسہ اوس بہاوٗالدین صأبن دوہے گوٚھان تہٕ تتہٕ خزانہٕ منگان۔ تَس اوس باقیٖن کینٛژن ہندی پأٹھؠ ہِتھ زِ بہاوٗالدین صأبنہٕ وساطتہٕ کنہِ کرِ بوٚڈ خدا یے تَمہٕ سِنٛدِ دِلُک مُراد پوٗرٕ لہذا اوس سُہ پھِری پھِری اور گوٚھتھ سوٗدلہٕ عبادت کُران "میانہِ بہاوٗالدین صأبہٕ۔ دِتہٕ مےٚ خزانہٕ" اکہِ دوہہٕ اوس شرف لٲری کنہِ پکان تہٕ گوس اَمِس نفرٕ سُند منگُن کنن۔ تَمہِ سوچ زِ نہ صرف تارٕ یہٕ اَمِس بَلکہِ کٔڈٕ اَمِس نِشہِ کینٛہہ فأیدٕ تہٕ۔

اِموٚ جَب دژا اوسُہ بیٚیہِ دوہہٕ صُبحأے تہٕ وۄت مسجدٕ منٛز تہٕ اَتہٕ بیوٚٹھ اکِس لنہِ گٔٹس کوٗنس کُن ژھیٚپتھ۔ سُہ روٗد پژاران یوٚت تانی یہِ شخص دوہدِشکی پأٹھؠ اور ووت تہٕ تَمہِ کہ بیٚیلہِ خزانہٕ خأطرٕ دُعا لوگ کرُن شرفَن دِتُس اَتہٕ گٔژھ ہے منٛز جواب "اے پاکبازٕ۔ ژٕ ژھکھ پزی کنہِ عبادت کرنس منٛز ثأبت قدم لہٰذا ونٛدٕ روٗد دکھ ژٕ یہِ دُعا کران۔ نیرگژھ تہٕ زان بہ چھسے ژٕ ےے خوش تہٕ چأنی یہِ خأہش پوٗرٕ کرنہٕ خأطرٕ پوٗرٕ پأٹھؠ تیار۔"
اَکی نفرَن سوٚنچ زِ یہِ ہیکہِ نہٕ پانہٕ بہاوٗالدین صأبنہٕ وراۓ بدل کانٛہہ اُستھ تہٕ اَمہِ کنہِ موٗنگن زیادٕ ےبڈٕ۔ شرفَن وۄنُس زِ ژٕ لی زِ فلانی وقتہٕ تہٕ بیٚیہِ اَنی زِ پانس ستؠ تم ہتھیار تہٕ سامانہٕ یموٚ ستؠ خزانہٕ زمینہٕ تَل کڈنہٕ ہیکہِ یِتھ۔ دوٚپنَس بیٚیہِ اَنی زِ ہتھ روپیہِ تہٕ زٕ ژادرٕ

یَمن منز ژٕ خزانہٕ گرٕ نِکھ ۔ بیٚیہٕ کٔری زِ جبس تہٕ جبس پنہٕ اَتھ متعلق کأنسہِ کینْہہ وَنِکھ ۔ یہٕ نفرآ و خوٚشی سان گرٕ واپس تہٕ تَس پیٚیہٕ نہٕ تمہٕ بڈٕ خزانہٕ کہٕ خیالہٕ راتس نِند رِ زِ ولہٕ تہٕ یُس تَس پگہہ میلن وول اوس ۔ سُہ اوس سٮ۪ٹھا غریب تہٕ ہَتھ روپیہِ گَتہٕ اوسُس اَتھس کبتھ تَمہٕ کِنہٕ ژھُن تَمہِ پٔنُن جاداد کِنتھ تہٕ کوٚرُن یہٕ رقم حاصل ۔

بیٚیہٕ دوہہٕ ووٚت سُلے گاش پھولنہٕ مقرر کرنہٕ آمِژ جایہٕ پھکِیس پیٹھ سامانہٕ تہٕ روپیہ ژادِر لوٚنچہِ منز ہیتھ ۔ بیٚلہِ زَن دوٚیم ژادر بیٚیس پھکِیس پیٹھ الأ ژرأ ءِسس ۔ شرف آو تہٕ کٔرنس سلام ۔ خأر پاٹھا گٔرِتھ دژ اوسُہ تَس بڑ وٚنہہ بڑ وٚنہہ لوکٹِس گلی گنزرس کُن یِیأری خالہِ کانْہہ انسان گژھان اوس تہٕ ہاوُن خزانہٕ ژھانڈن وألِس سو جاے یتہٕ تیٚنِدس منگنس ترنیرِ ہے ۔ دوٚپنس کھن یتھ جایہٕ زِ گزتانی سوٚن ۔ أمی نفرن کٔر ڈٕلی نصف کأم ختم مگر ڈبکس اوسُس عأرق پھوٚٹمت ۔ شرفن وُچھ یہٕ تہٕ ووٚنُن أمِس نفرس زِ ژٕ ژھن پلو کڈِتھ تہٕ تھاوأ رِکتھ کُن پتہٕ ہکِکھ سہل پأٹھی کأم کٔرِتھ ۔ أمی کوٚر یی تہٕ کِہے کألی کھوٚن تَمی تیٚوت سنزرس تانی زِ سُہ اوسنہٕ ووٚنی اَمہِ دوبہٕ منزٕ نوٚنے باسان تہٕ نہٕ ادس پانہٕ اَمہِ سُبر کینْہہ وُچھتھ ہرکان ۔

تَمی اسی پلو أرِکتھ کُن تھأوِ ءِتہٕ ۔ شرفن اوس یہٕ سأرِلم کینْہہ وُچھمت تہٕ بیٚلہِ أمی شخصن زِ گز ہوٚی کھٔٹی تہٕ اوس نہٕ ووٚنی وبڑان تہٕ کُنہٕ تہٕ باسان اوسُس وُنی نتہٕ ڈٕلی یہٕ میانہٕ کھانہِ تَل کانْہہ دوٚرِ چیز سُہ یاتہٕ سوٚن آسہِ یا روٚپھ نتہٕ کانْہہ بدل مولُل چیز ۔ شرفن تُلی لوٚت پأٹھی تیٚندی پلو ، ژادر تہٕ ہَتھ روپیہِ تہٕ کِہے کألی گوٚ وانہِ گٹِس منزٕ تہٕ جنگل کِس پیچید گنزرس منزٕ غائب ۔

وَننہٕ چھُ یِوان زِ سُہ بچوٚر خزانہٕ ژھانڈن وول رُوٗ دتوٚت تانیٚ کھنان زِ پَتہٕ ہیوٚک زورٕ زارے اَمہِ دوٚبہٕ منز پَنُن پان ہیوٚر کھاُلتھ تہٕ یِیلہِ نہٕ اَتہِ پَنیٚنہٕ پٔنسہٕ۔ ژادر، پَلوٗ تہٕ ڈٔلی وُچھنہٕ سُہ ہیوٚک کنہٕ ووٚدِنیٚ ڈٔرِتھے تہٕ آو بے ہوش سپدِتھ اَتھی دوٚبس منز ڈُرکاوِنہٕ۔

X

اَکہِ دوٚہہٕ سمکھیاو شَرفس اَکھ غرٕیب گرٕیوٗس یُس اَکھ کُٹھ ہیتھ بازرس کُن گژھان اوس۔ شرفَن پرٛژھُس کِتھٕ قیمت۔ گرٕیسی ووٚنُس "ژور روٗپیہٕ" اورٕ یورٕ دَرٕ گرِتھ گو وأخرس ترٛے روٗپیہِ طے تہٕ شرفَن ووٚن أمس زِ کُٹھ پکناوُن میوٚن گرِ یِیتہٕ بہٕ ژٔے پٔنسہٕ دِمے۔ أمی نفرَن موٚنُس تہٕ سُہ اوس خوش زِ ڈٔلی ڈٔلی ووٚتھ مے یِہ بورٕ نکھہٕ۔ تَم أسی نہٕ وُنہِ زیادٕ دوٗر روأتی ءتی زِ شرفَن وُچھ اَکھ خأ لی مکانہٕ یتھ بُتھہِ اَکھ تہٕ پَتہٕ اَکھ درواز اوس۔ تَمی ووٚنُس زِ یوٚہے چھُ میوٚن غرٕیب خانہٕ تہٕ کُٹھ رٔٹِتھ یوٚ رُن یِہ نکھس تہٕ ژاو اندر۔ پَتہٕ کوٚرُن برٛ وُٹھم درواز بند تہٕ أمس نفرس ووٚنُن پرٛارنہٕ خأطرٕ یوٚت تانیٚ سُہ تُمس پٔنسہٕ اَنہِ۔ یِہ زَن اندازٕے چھُ زِ گرٕیوٗس اوس درواز س نیبرٕ کنہِ صبرٕ تہٕ خوشی سان اڈوانہِ یِہتھ پرٛاران تہٕ شرف اوس پتہٕ مہِ درواز کِنیٚ نیرِتھ گوٚمُت تہٕ أمس اوس اَتیکہِ سوٗرے اوٗنٛد پوٚک پوٗرٕ پوٗرٕ ویوٚ دتہٕ بیِیہٕ اوس قدمو کِنیٚ تہٕ وُڑھے تہٕ یتھہِ کِنیٚ بچوٚن رٹنہٕ یِنہٕ کہِ پرٛ ژتھ امکانہٕ نِشہِ جلدٕے پان۔ یِہوے اَکھ گأنٹا گژھِتھ آو یِیاکھ نفرلیا رِکی تہٕ وَتھ ژھوٚٹرأوِتھ ژاو پتہٕ مہِ درواز کِنیٚ اَتھ مکانس اندر تہٕ اوس ووٚنی برٛ وُٹھکر مہِ درواز نیران۔ گرٕیسی دِژس تھپھ تہٕ موٚنگنس کُٹھ۔ أمس نفرس کھوٚت أمی ءشنِدس

اچانک تہٕ بے طورپاٲٹھۍ ٹھٔرِ ینٛس پیٹھ شرارتھ تہٕ ہأونس عملن پٔنٕنۍ ناراضگی۔

ییٚلہِ گرٕ ہسی اٲس سٔنٛد بوچھ بوٚپتہٕ سندور ہیوٚتہٕ پتہٕ لوگن ہمسایہ گرن ہٕنٛد اُژن مگر افسوٗس! نہ میوٗلُس کٔنٛھہ تہٕ نہ کٔنٛھ ہینہٕ ووٚلے صرف وَڑھس مکھالہِ تہٕ ہواُریہ یوٚت تانٛ سہ پتہٕ اتہِ پانے دڑاو تہٕ ووت پٔنٕنِ گام کینٛژھا مغموٗم تہٕ کینٛژھ ھادانابٔنِتھ۔

## XI

یتھ ڈلیلہِ منز چھُ یہِ ننان زِ شرف اوس سو دِلہٕ پٔنٕنۍ کأم کران۔ ژکہِ اوسنہٕ سہ یہِ کأم صرف کانٛہہ فأیدٕ پراونہٕ خأطرٕ بلکہِ اوس سہ زیادٕ پٔہن اَتھ منز مزٕ پراوان۔

اَکہِ دوہہٕ وُچھ تٔمۍ اَکھ سبٹھے پرأنۍ زچہٕ پلولاٗ۔ گتھ نفراو تہٕ پٮ۪ٹھہ اَکھ موٚہرٕ ہار ٹلان۔ أمس نفرٕ سٕنٛزٕ یہِ خستہٕ حالت وُچھِتھ آس أمۍ سُنٛد سخت عار۔ سہ دڑاو أمس پتے یہِ وُچھنہٕ خأطرٕ زِ یہِ کیاہ کرِ أمس موٚہرِ ہارِ۔ تتھے یہِ نفر گرِ ژاو تہٕ کوٚرن درواز بند شرف گووٕ لی ڈُلی تہٕ رُدٕ دٔرِمتھ اندرِ م حالٕ وُچھان تہٕ بوزان۔ أمۍ وُچھ نکی بوچھہٕ ہتۍ شُری ووٚدِنی بلکہِ وَنومأرُس أندی أندی نژان، تمۍ سٕنٛزٕن زچن لمان تہٕ تِس پرژھان زِ تمۍ اوٚنا کینٛہہ کھینہٕ خأطرٕ۔ اَمہِ گرِچ کہأنۍ اوٗس سبٹھے دوکھہٕ برٕژ۔ اَکہِ وقتہٕ أسۍ یم اَسَن بَسن وألۍ مگر حکوٗمت بدلنہٕ اوس نہٕ تِہنٛدِس حقس منز تہٕ قسمتس برٕ ؤنہہ گنہٕ ہیو تمن نٔمن۔

أمۍ نفرن ووٚن شُربن "آ۔ مے چھے اَکھ موٚہرٕ ہأرأنۍ ہرٕ۔ ژٲوتہٕ تلیوٚن یہٕ شامس کھینہٕ خأطرٕ۔"

شرف ژوٚرن وُچھ تہٕ بوٗز یہِ سورُے تہٕ تٔمِس گووٕ یمن غریبن ہنٛدِ کٔنٛی دِلُس

زٕرزٕر۔ تٔمۍ دِژ کربکھ زِ مے تھأوِو دروازٕ تہٕ اورأ ژِتھ دِژ أمۍ أمس نفرس یہ ونان پانژھ روپیہ۔" رٕژھ اَن یَمَن پٔنسَن کینژہہ کھینہٕ خأطرٕ تہٕ ژھُنُن یہ موٗہو بأرداٗرِتھ۔ بہٕ چھس شرف ژوٗر۔ وُنیس تانۍ روٗدس بہٕ صرف پَننہٕ ترقیہِ خأطرٕ ژوٗرٕ کران تہٕ ڈاکہٕ ترٛاوان مگر أزۍ کہٕ پیٹھہٕ کرٕ بہٕ صرف خدلیہِ سٕندِ خأطرٕ ژوٗر تہٕ ڈاکہٕ۔ بہٕ چھسے ژےٚ وعدٕ کران زِ بہٕ یمہٕ کأرۍ کینتھ بیٚیہٕ توہہِ نش تہٕ دِمَو توہہِ خرچہِ خأطرٕ تہٕ سأرلم یہ توٚت تانۍ مےٚ حأصل سَپد۔ کھوژمہٕ بلکہ خوش پأٹھۍ تھاوو ومید۔ تُہنز یہ خستہٕ حألی بدلہِ پانٔ جأئی منٛز۔"

أمۍ غریب شخصن کوٚر أمس شُکریہ تہٕ أمس بزٕ وٗنہہ گنہٕ کوٗھن پیٹھ وٗستھ وٗننس "یہ تُہنز مرضی آسہِ۔ خدا صأب تھأوِی نو وارٕ کارٕ۔"

"پگہہ کیٚتھ گو وشرف أمۍ سٕندِس گرٕس نکھہٕ مسجد منٛز تہٕ روٗدوارٕ یہس کالس عبادتس ستۍ آوٗر۔ نماز موکلٲوِن تہٕ دِتُن دَما۔ أتھۍ منٛز آو امام۔ شرفن لاج وٗلۍ وٗلۍ أمس ستۍ گتھ تہٕ باقےٚ سوٗرے دوہ تہٕ رأ ژہُنٛدا أکھِ ھا گذورُن مسجدِ منٛزے تٔمۍ ہے ستۍ۔ شرفس باسیاوزِ خبر یہ نیٛر یاتہٕ مسجدِ منٛز۔ أخرس یٚلہِ رأ ژہنز أکھ ہش بجیہ تہٕ امام گووٚپٔن گرٕ۔ تِتھے سٕہ دژ او شرف سَپدٕ فوراً تٔمس وٗسوار تہٕ تیز رفتار گرٕس سواریس تٔمۍ کرایہِ پیٹھ اوس اوٗ نمت تہٕ سَپدٕ سوپٔر گن روانہٕ۔

سوپر وأتِتھ گو وشرف سیوٗدُے خزانس پیٹھ تہٕ تتہٕ انِن کینژہہ روپیہ ٹھیلہٕ ژوٗرٕ رِکڈِتھ۔ یمہٕ ٹھیلہِ گنٛجن پَننہٕ نس کمرس تہٕ واپس گرٕس سوار سپدِتھ آوتمے تیز رفتأری سان تتھ جایہِ واپس یٚیتہٕ پیٹھہٕ سٕہ دژ امت اوس۔ یمہٕ روپیہ ٹھیلہِ نیہٕ تٔمۍ تمی ساعتہٕ تٔمس غریبَس یَس تٔمۍ اتھہٕ روٗٹ کرنُک وعد اوس کوٚرمُت۔ اَتہِ دژ او تہٕ گووبیٚیہٕ سیوٗدُے

مسجدِ منز تہٕ ترٛ اُون اٲی لر۔ راٗ ژہنڈِس باقٕے اٗڈِس گاٗنٹس کرٕتھ اصل پاٗٹھی ہنٛدر۔
دوٗیمہِ دوہہٕ صُبحٲے وُچھ خزانہٕ دارن زِ اَتہِ اُس سَن گومُت۔ تمی ووٗن "کینٛہہ ٹھیلہِ چھےٚ ہنہٕ آمٕژ۔" فوراً آو گورنرس سرینگر اَتھ متعلق رپورٹ سوزنہٕ یتھ منز یہِ اِشارٕ پاٗٹھی وَننہٕ اوس آمُت زِ یہِ گژھہِ شرف ژوٗرن کار آسُن۔ گورنرن بلاونوو اَمی وِز شرف پانس برٛ وٗنہہ کُن۔ یِیلہِ سُہ اَننہٕ آو تہٕ تمس آو فوراً حُکم دِنہٕ زِ سُہ وَنہٕ پوٗز پوٗز تہٕ بیٚیہ کرِ پٔنسہٕ واپس۔

شرفن کُرھ اٲرانکیہِ سان نظراتہٕ بلکُل تہِ کھوٗژتہٕ۔ "روپیہِ کرآیہِ ژوٗرِنہٕ؟" تمی پرٛژھ۔ "راتھ راٗ ژمنز" جواب میوٗلس۔ شرفن ووٗن تمن لوٚت پاٗٹھی زِ سُہ امام اور بلاونہٕ خاطرٕ گوٚژھ اجازت دِنہٕ یُن تیمس ستی اٲی راتھ دُہک تہٕ راٗ ژہُنڈ زیادٕ تر وقت گزور۔ "مہربانی کرِتھ سوٗزی توٗ امامس نادتہٕ تمی کے پرٛژھو زِ بہٕ اوسُس ناتہِ وزِ تسی نشہِ تیمہِ وِزِسَن پھےٚ گومُت۔ یہِ کتھ پاٗٹھی چھُ ممکن زِ بہٕ آسہٕ اکی ساعتہٕ بیٚیہ تہٕ سوپرتہِ؟"

امام آو اَننہٕ تہٕ شرفن یہِ کینٛژھا ووٗن تمی دِژ تمہِ کہِ پوٚز آسیٚنٛ سَند۔ تتھہٕ کنہٕ آو یہِ ژوٗرتہٕ ڈاکویلہٕ ترٛ اونہٕ۔

## XII

بیٚیہ اکہِ ساعتہٕ گوو شرف اکِس بُڈِس موٚہنِوی ہنٛدِس رختس منز اٗکہ سبٹھا ناماوار پیرٕس سلامہِ تہٕ بیوٗٹھ پیرس نِش معزز آیہِ۔ پیرن پرٛژھُس زِ ژٕ کتہٕ پیٹھہٕ تہٕ کیاز آکھ۔ شرفن ووٗنُس گوڈٕ پَس وپیش ہیوٗ پاوان زِ بہٕ چھُس اکِس معزز شخصہٕ سُند

نچہ تہٕ یہِ بوٗزِتھ زِ پیر صأب چھُ اَکھ پاکباز شخص تہٕ عقیدٕ کِنۍ راسخ توٗے آس توہہ نشہ ہدایت پرٛاونہٕ خأطرٕ ۔ پیر گوو سیٹھاہ خوش تہٕ امی ساعتہٕ پیٹھہٕ لٲجنس تربیت کرٕنۍ ۔ ترٛین دوہَن رٕدٕ دشرف پیرٕ سٕندِس ہے گرٕس منٛز تہٕ یہِ باس دِتھ زِ مےٚ کٔرٕ اژ تربیت سَپٕز ہووُن ظأہر پأٹھی زِ یٕہ کوٗتاہ شُکر گزار چھُس اَمۍ سُند۔ تٕمۍ ووٗن پیرس زِ یٕہ چھُس سیٹھاہ خوش تہٕ خأہش چھُم زِ ژٕ یِ کرہے سال۔ بیٚیہٕ ووٗنُس "کأنسہٕ کأرِ گرِ وازس سوٗزی تو ناد تہٕ تٕمِس وٕنۍ توشہ کرِ مختلف سٕنۍ تیار۔ یٕہ خرچاو اَتھ سالس پیٹھ ترٕٛہ روپیہ تہٕ وازس تہٕ دِمہٕ انعامہٕ۔"

وازَن کور وعدٕ زِ سُہ تھاوِنہٕ پننہِ کِنۍ کانہہ کَرٕ گی تہٕ صرف منجن پیرس بتہٕ رننہٕ خأطرٕ دیگہٕ تہٕ بیٚیہٕ کینٛہہ سٕنۍ دیگچہٕ یم اَمِس فورَن دِنہٕ آے۔

کینٛہہ وَقت گُزرِتھ ییٚلہِ شَرفس باسیاو زِ وازٕ وان آسہِ تیار سپدمُت تہٕ ہیوٚتُن پیرس اجازت زِ یٕہ گژھہٕ تہٕ انتظامن دِمہٕ نظر۔ وازٕ سُند گراوس کھےٚ دوٗر۔ اوروأتِتھ کر تٕمۍ وازس بوٚ اَری زِ ژٕ ے کیاز لوگتھ ژیر تہٕ اوٕ موجوٗب پیٚنۍ ژٕ ے ووٗنۍ وازوان مےٚ سٕتۍ زأنہٕ کدل واتناوُن۔ اَمۍ بُلوو اَکھ ہأنٛز تہٕ تھاونأوِن سأری چیز ناوِ منٛز۔ اَمہٕ پتہٕ کھوٚت پانہٕ ناوِ تہٕ تٕمَن موٚہنوبَن کوٚرُن رخصت یموٚ یہٕ وازوان اوٗت واتنوو۔

سالہٕ کہِ مارٕ مَتہِ رٕدٕ دِ ہأنٛز گُشہِ کھوٗرِ وایان تہٕ کم ہے کالس منٛز وأتۍ تٕم تیوٗت دوٗر یُتھ نہٕ لبنہٕ ہیکہٕ ہَن ہیتھ۔ کھےٚ کأنٛکٕ اُس ہُپأرٕ پیرس توقع موٗجب تہٕ ژیر گژھنہٕ کِنۍ بوچھہِ ہُرٕ ہیمژٕ ہِش تہٕ سُہ گوو وازٕ سٕندِس وانس پیٹھ تہٕ اَتہِ گووٕ یہِ بوٗزِتھ بلکُل ہے بنگہٕ زِ اَمۍ سٕندی دوست تہٕ ٲلِن اوس پانہٕ ہیتھ سوٗرے کھٔمِن چن پکنوومُت تہٕ سُہ

اوُسن صرف خرچہٕ ادا کرنہٕ خاطرٕ تھوومُت۔

یہٕ پتہٕ پتہٕ اوس پننہٕ حسابہٕ بڈٕ ضدی۔ اُمی کوٚر یہٕ پننہٕ حسابہٕ پوٚر تصدیق زِ یہ دھوکہٕ باز اوس شرف ژوٗر تہٕ اُمس انتقام ہینہٕ کہٕ غرضہٕ کوٚرُن شبقہٕ اِرادٕ زِ یہ واتناوِ شکایت ناظم اعلاہس نش یُس اَمہِ وِزِ عطا محمد خان[1] اوس تہٕ دیُا وناوٕ ژوٗرس سزا۔ ناظمن پوٗ زبڈٕ دِل دِتھ پتہٕ سنٛز دٔلیل تہٕ امی وِزِ دِتُن شرف گرفتار کرنہٕ پنُک حکم۔ اَمہِ پتہٕ اکہِ دوہہِ دوٗہی آو شرف ناظمس برٛونٛہہ کُن اَننہٕ تہٕ تَس اوس یہ الزام زِ تٔمی اُس پتہٕ سنٛدی دیگہِ، دیگہٕ، چمچہِ وغاٗر بانہٕ ژوٗر رٔٹمتی تہٕ بیٚیہ طریقو تہٕ اوُسن تَس دھوکہٕ دِتمت۔ پتہٕ گرشرفس ترٛٹھ نظر زِ اُخرس مانٛز تٔمی پننہٕ غلطی تہٕ معافی خاطرٕ لوگُن زارٕ پارٕ کرُن۔ ناظمس کوٚرُن یہ وعدٕ زِ ہرگاہ اُمس یٚیلہِ ترٛ اوِ یہٕ واتناوس سبٹھا دولت۔ عطا محمد خانس گووُنہٕ تو تہٕ الگذارتہِ۔ تٔمی مون نہٕ تَسٕنٛد بلکل تہٕ کینٛہہ بلکہ دِتُن یہ ناطق حکم زِ اُمی سُنٛد دوٗ چھُن اتھہِ گرٛھہِ ژٹنہٕ یُن یُتھ سُہ برٛونٛہہ کُن یتہٕ کمینہٕ حرکت کرنہٕ نشہٕ باز روزِ۔

یِی آوکرنہٕ تہٕ مگرونہٕ چھُ یِوان زِ شرفن بناونو وشستر واتھہٕ یتھ تیز پٔیٚژ دار اونٛگجہِ آسہٕ تہٕ سُہ اوس کانٛسہِ تہٕ یہ پنجہٕ ہٕٹس دِوان دأرِتھ ہرگاہ تَس روپیہِ یا کانٛہہ مولُل چیز دِنس اقرار کرِ ہے نہٕ۔ یتھہٕ کٔنی ماٗرِ تٔمی ترٛٹے ژور نفر۔

سرینگر تہٕ گامَن منٛز چھےٚ اُمس شخصہٕ سنٛدِس ظلم تہٕ عیاٗری مُتعلق بیٚیہ تہٕ

---

1. عطا محمد خان اوس تٔموٗ ژود ہو صوٗبہ دارو منٛز اکھ یم شہاُٹھن وٕری یِن (۱۸۱۹-۱۷۵۳) ہندس تتھ دقعس پوٚت آے یٚیلہ کشیر دُرانی (افغان) سلطنژ ہُنٛد اکھ حصہٕ اوس۔

وارِیہہ دٔلیلہ موٗجوٗد۔ تیٚژ زیادٕ زِیتھ ہکو کھنہٕ درج کٔرِتھ۔

کیٚنہہ پرن وألی یژھن شرف نَبن أخری ایامَن متعلق تہٕ کیٚنہہ زانُن۔

دپان اکہِ دوہہ سوٗزتس بزرگ شاہ نأوِ اکھ بُڈ پیرن نادتہٕ گٔرنس یمو کاموٗ ژشہِ باز تیٚنۍ تہٕ خدأیی کامین کُن ہنا ظوٗن دیِنۍ نصیحت تُمی کوٗر اٗمس وعدٕ زِ ہرگاہ سہ پہ گٔرِتیلہِ دِیہ سُہ اٗمس پننہِ نِس گٔرس منز اکس ساتھی تہٕ مددگار رٔنہِ حیثیتہٕ روزنہٕ۔

شرفس گیہ پیٚر ہتھ امہٕ طریقہٕ کتھ تہٕ مہربان پیشکش دِلس سُنتھ تہٕ پژ بتھ ناکارٕ کامہِ نسبت نادم سپدتھ مأنن اٗمی ہنز کتھ۔

مَرن گرِتانی رؤدسہ بزرگ شاہ نِس گرس منز تہٕ پنُن پان کوٗرُن پژ بتھ رنگہٕ پننہِ نِس اٗمس احسان کرن وألی ہنزِ مہربأنی تہٕ پژھِ لایق ثابت۔

یہ چھُنہٕ پتاہ شرف ژوٗرکٔر گوٗریا وتہٕ سُہ کتہ آو دفن کرنہٕ۔

(راوی: لال چند۔ رٕنی وور سرینگرتہٕ بیٚنہ باتٕی)



# بادشاہ تہٕ تٔمۍ سُنٛد غدار وزیر

دپان یہِ اوس اکھ بادشاہ تیٚمِس اکھ بدخواہ وزیر اوس۔ أمِس وزیرس اوس سخت پأٹھۍ یہِ کوڈُر روٗ تھمُت زِ بہٕ مارٕہن یہِ بادشاہ تہٕ کھمہٕ ہَس سلطنت۔ بادشاہس اوس قسمت زِ تَس لٔج امہِ خطرٕچ خبر۔ اکہِ دوہہٕ ییٚلہِ سہٕ گُری طبیلس منٛز پننٮ٘ن گُرن نظر دِنہٕ گوو تتہِ ہیوٚت زلہٕ گُری یُس تَس سبٹھاہ ٹوٹھ اوس کأنی وَدُن۔ أمِس گُرِس نگھہٕ گُرٕھتھ پرٕ ژھ بادشاہن أمِس زِ ژٕ کیازِ چھکھ یوٗت ودان۔ یتھ پیٹھ أمۍ بادشاہس وزیرٕ سنٛزٕ دغابأزی ہُند وۄن تہٕ وۄننس زِ ژٕ ے یوٗت ممکن سپدی تیوٗت جلد گژھ مےٚ سوار تہٕ نیر ییٚمہِ مُلکہٕ منٛزٕ۔ بادشاہن کوٚر یی تہٕ جلدٕ ے ووت تیوٗت دوٗر زِ تَس روٗ دنہٕ پتٕی وأری خطرٕ۔ سبٹھاہ تھوٚ کمُت آسنہٕ کِنۍ گوو سہٕ امہِ جایہٕ ہنٛدِس أکِس پُجس نِش یوٚت سہٕ ووتمُت اوس تہٕ منجَبس راتہٕ خأطرٕ جاے۔ أمۍ کوٚر رس آنکار تہٕ امہِ کِنۍ تھوٚ و بادشاہن گُر آنگنس منٛز رَزِ گنڈِتھ تہٕ پانہٕ ژاو مکانس اندر شوٚنگنہٕ خأطرٕ۔

مگر افسوس سہٕ موکلیا یا واکہِ خطرٕ تلہٕ تہٕ آو بیٚیس منٛز ہینہٕ أکِس بلایہٕ نشہٕ

ہِر تھ پھسیا وبیٚیس ہِنش ۔ نصف راتھ ژھیوٗ کوٚر رٔنج پٔنٕنہِ زنانہِ آلوتہٕ منٛجنس بڈشرٕ اکھ تہٕ کیاژ سُہ اوس اَمِس ازائی نفرس مارُن یژھان تہٕ تمُی ہنٛز روپیہ تہٕ زلہِ گرِ نیُن یژھان ۔ بادشاہ اوس بیٚیس کمرس منٛز شونٛگتھ تمی یوٗ زیہنٛز یہِ گتھ گتھ ۔ سُہ ووٗتھ تہٕ گوٚو یمن ہِنش تہٕ ووٗننکھ زِ توٚہۍ مَتہٕ کرِو تو یہِ حرکت بۍ دِمو توہہِ پنٕنہِ سارے روپیہ تہٕ زلہِ گُر ۔ پانٕہ روزِ بۍ توہہِ ہِنش موٚہنیوٗ ۔ بجُن مائی یہِ گتھ ۔ اکہِ دوہہِ کوٚر رأمی کوکارنفرن بادشاہس کٔٹہٕ سُنٛد ڈوٗمب چھلنک حُکم ۔ بادشاہ اوس یہِ کران زِ امہِ مُلکہٕ کِس بادشاہ ہنٛز کوٗر ردژ ایہِ اتفاقن امی وِز دریاوٕ کِنۍ ۔ اَمہِ وُچھ یہِ تہٕ سپٕز سخت حأران زِ خولہٕ خطہٕ تہٕ چال ڈال کِنۍ چھ یہِ سبٹھاہ رُت تہٕ أندری سوچُن زِ ’’یہِ شخص گژھہِ کُنہِ شأہی خاندانک آسُن ‘‘ اوٚ کِنۍ کوٚر تمہِ أمس بروٗنہہ کُن پننہِ خأطرِ اِشارٕ تہٕ پژ تِژھۍ نس ساری حالات تہٕ ییتہِ زِ سُہ کِتھہٕ پأٹھۍ لوٗگ یور ۔ یہِ زأنتھ زِ یہِ چھے سبٹھاہ رٔژ تہٕ مہربان امہِ کِنۍ ووٗنُن تس الفہٕ پیٹھہٕ یےلیس تانی پنٕن سورُے گدرُن ۔ یہِ یوٗ زِتھ گوو شاہزادِ أمی سُنٛد سخت محسوس تہٕ دِلس منٛز گنےٚ لیس ماے ۔ تمہِ کوٚر فأصلہٕ زِ سو کرِ أمس ہتۍ کھاندر ۔ تمہِ واتنوو سُہ پننہٕ ہِنس مألس ہِنش تہٕ کوٚرُن تس زارٕ پارٕ زِ نے دِتہٕ أمس ہتۍ کھاندر کرنک اجازت ۔ بادشاہن مأنس یہِ گتھ تہٕ کیاژ سُہ تہٕ اوس أمی ہنٛز دوکھہٕ ہٕز ذلیل یوٗ زِتھ مُتأثر سپُد مُت تہٕ بیٚیہِ وُچھن أمی ہنٛدی تھدی اطوار تہٕ رٔژ شکل و شباہت ۔ یوٗ تاپلکھ تیوٗت جلد سپُد یہِ کھاندر ۔ پژبتھ کانٛہہ چیز سپُد جیہِ تہٕ زیہ سان تہٕ پژبتھ کانٛہہ سپُد خوش ۔

کھاندرٕ پتہٕ اکہِ دوٚہہ آو بجٕنس کلہِ ژٹنہٕ تہٕ زلہِ گُر آو واپس بادشاہس دِنٕہ ۔

امہِ پتہٕ کینٛہہ رٮ۪تۍ ہیوٚت بادشاہن پنٛنہٕ نِس ہیٛمِہ بابَس کینٛہہ فوج تہٕ آوٕ پنٛن مُلک واپس۔ تٔمۍ کوٚر رٔسہ دغاباز وزیرِ قتل تیٛمۍ تَس خلاف ژوٗلۍ اُس گرٕمُت۔ امہِ پتہٕ اوس امنٕے اَمن تہٕ خوٚشی۔ بادشاہن کٔڈ جان وأنساتہٕ زاس کینٛہہ شُرۍ تہٕ تہٕ پزٕ اوٚن پزٕنہ پیٛٹھی پاپرِ جأیی۔

(راوی۔ پنڈت شوبابیو۔ رِنٛی وور سرینگر)



# شہزادٕ۔یَس جہازَے پھۆٹ

یہِ اوس اکھ سبٕقھِ دانا تہٕ چالاک بادشاہ تیٚمِس ژور نیٚچوی اُسی یِم سأری مأ لی ہِیُو دانا تہٕ چالاک اُسی۔ پَنٕہ ٹھٕن یِمن نیٚچوِن ہٕنز دلأیلی تہٕ صلاحیژ پرکھاونہٕ خأطرٕ بُلٲوِی تِم اکہِ دوہہٕ یِم سأری تہٕ باقٕے سوالوہُر یمانہٕ پرٕژھنکھ اکہِ اکہِ تہٕ الگ الگ پأٹھی زِیہِ کُہنزِ خوش قسمتی کِنز سَپُد زِمے چھے پرٕژھ طاقتور تہٕ بڈٕ سلطنت تہٕ بٕ بنوونس یتھ قأبل زِیٕنۍ پھُس اَتھ یٕوٚت گاٹہٕ جارسان حکومت کران۔ تِم وۄن "یہِ چھامے پَنٕنہِ قسمت کِنز کِنہِ تٕہنزِ ماجہِ ہنٛد قسمتہٕ کِنز کِنہِ چانہِ یا چانِن باین ہندی کِنز"۔ زِٹھ ہوی نیٚچوی وۄنُس "اے بادشاہ یہِ چھُ تہٕندِ پَنٕنہِ طالع کِنز زاے بابہٕ صاب تہٕ سانہِ بادشاہ زِتوہہٕ چھے پیٚژ بڈٕ سلطنت تہٕ طاقت"۔ تِتھے کُنز دِتُس دۄیِم تہٕ ترٛیِم نیٚچوی تہٕ جواب۔ وۄنی یِیلہِ سارٕے کھوتہٕ کأنسِ نیٚچوِس پرٕژھُن تِم دِتُس جواب زِیہِ سألم طاقت تہٕ شان سپُد تَس اُمی ہنٛدے طالع کِنز حاصل نہ زِیٕنۍ کأنسہٕ ہنٛدِ۔

بادشاہس کھوٚت اُمس کأنسہٕ کُٹ ہنٛدِس دلیرانہٕ تہٕ کھور ٹھیکہٕ راٗوِتھ جوابس

پیٹھ تِتھے ءکِنۍ سخت شرارت یِتھہٕ ءکِنۍ سُہ ہُمن تربن لڑکن ہِند بوژھنکنہٕ آیہٕ جوابوٕ ستۍ خوش

سپُد۔ اکہِ شرارتہٕ ہتہٕ لہجہٕ وۄن تمۍ "بہٕ اوسُس ناتمہٕ بروٗنہہ تہٕ اکھ طاقتور تہٕ دانا

بادشاہ۔ییلہِ ژٕ ماجہٕ ہِندِس شکمس منز ڈٔب اوسکھ لگنے؟ یہِ سلطنت تہٕ یہِ طاقت آونہٕ

چانہِ زہنہٕ ءکِنۍ۔ کولہٕ بے وقوف تہٕ نشہِ لدٕ۔ دفا۔ دفا تہٕ پتہٕ کوٗرن دربانس آلوٕ تہٕ

وۄننس ژھُنن یہٕ کٹیر ییتِتھ کڈِتھ۔ مگر اُمس لڑکس پیوٚ نہٕ اَتھ نیرنہٕ خاطرٕ زور کرُن۔

پنٕنہِ ارادچہِ پوٚختہ گی تہٕ آزاد سوچہِ ءکِنۍ گنڈی تمۍ پنٕنۍ کینٛہہ ضروری چیز تہٕ دٕراو محل خانہٕ

منزٕ۔ امہِ پتہٕ کمے کالہٕ ییلہِ یہِ شہرکین بسکین ننٛیاو زِ یُزۍ کِنۍ ژوٚل لوکٹ ہیوٚ شہزادٕ تہٕ

پزٕ ہتھ طرفہِ آے خبری سوزنہٕ یتھ تمِ اُمس لبتھ واپس انہٕ ہَن۔ اُکس دۄتہٕ پتھ

روٗ ٹلھ سُہ مگر اتھ دٕراونہٕ کانٛہہ تہٕ خبر یَو وۄن تَس (تسِندِ اَتہٕ نیرنہٕ ءکِنۍ) بادشاہ ہِندِس

شرارتَس مُتعلق تہٕ یہِ زِ ہرگا سُہ وۄنۍ واپس ییہِ تیلہِ ین تَس وارِیہہ تحفہٕ دِنہٕ تہٕ عزت

افزٲیی کرنہٕ۔ مگر شہزادٕ روٗ دنیرنہٕ خاطرٕ ضد کرِتھ۔

تمہِ دوہہٕ وۄتھ محل خانس سخت ماتم۔ شہرس تہٕ لۄکن منز وۄتھ ودٕنس تہٕ ماتم

دٲریہِ ہے۔ مگر کہنۍ ہیوٚک نہٕ شہزادٕ سنزٕ زنانہٕ ہِندِس شرارتَس مُتعلق کینٛہہ ؤنتھ تہٕ نہ

ہیوٚکُس کانٛہہ دِلاسے دِتھ یُس تَس شہزادٕ سنزٕ جلاوطنی پیٹھ سپُد۔ تمہِ کوٚ ڈپٕنن مأرک

موٚندٕمَس تہٕ پٕنٕن دودُبوٚگت ہیوٚ وَچھ ژیوٚٹن۔ سأری وَس تہٕ مالہٕ گجن تہٕ چھچن۔ سوزن

اُس مرٕش تہٕ مرنس وأژمرٕش۔ فِقرانہِ ہُند رخت لوگُن تہٕ ہشہِ ماجہٕ تہٕ باپے اُشناون ہِند

زارٕ پارٕ باوجوٗ ددرایہِ گُنۍ ژٕنۍ تہٕ چندس کانٛہہ پنٕسہٕ آسنہٕ ورأے خاوندس ژھانڈنہٕ۔

تسِندی لولن اُس تمۍ کۍ سِند بن قدمن وُژھ بخشمٕرتہٕ تسنزٕ ژھأنڈ اُس تسنزٕ مجبوٗری

یِیمہٕ کِنۍ نہٕ تَس لبنَس زیادٕ وقت لوٚگُس ۔ شہزادٕ گوٚو تَس وُچھتھ سیٹھا خوش تہٕ تیوٚت لول بوٚرُنس تیٚیچ سو حقدار اُس ۔ سوٗ تہٕ اُستھ باسیوٚو تس پَنُن پان اُمیر تہٕ خوش تہٕ دربارٕچ کٲم کار تہٕ مزٕ ترٛاوٕنک بوٚرُن نہٕ کانٛہہ پرواے ۔ تمۍ وَوٚنُس میانہٕ یارا ۔ میانہٕ اُچھ گاشہٕ ۔ چون کیاہ چھُ خیال؟ اَسہٕ پزٕ نا ییتھۍ جنگلس منٛز روزُن تہٕ تتھۍ پیٹھ گُذارٕ کرُن یہٕ کینژھاہ ییمہٕ کمانہٕ تہٕ ترٛ کِنۍ اَسہٕ میلہٕ؟ ۔

تمہٕ کوٚرُس آنکار تہٕ کینژن ہفتن تہٕ دوہن چلیاو یہٕ ٹھیک یُتھۍ یوٚت تانۍ کمانہٕ تہٕ تیرن ہُند کمالے موکلیاو زِ کانٛہہ شکار امیوٚل نہٕ ییمن ۔ یہٕ سِلسلہٕ تہٕ چلیاو مگر آخرس ییلہٕ بوٚچھہِ جیٚر اوٚنکھ تہٕ پیٚیو کھ جنگل ترٛاوُن تہٕ دراے دوٗر دوٗ رچھکرا وِتھ گامن گُن ۔ اَتھۍ دربدری منٛز وٲتۍ تم سمندرس بَنِش ۔ سمندرُک بے لَد وہراو وُچھتھ سپدۍ تم وارَہہ حٲران ۔ تہٕ ییلہٕ تمو لہر وُچھہِ ییمہٕ گوڈٕ بروٚنٛہہ گُن آسہٕ یوان تہٕ پتہٕ واپس وَسان تمن باسیاو زنتہٕ ییمن زندگی پھِچھےٚ تہٕ ییمن تہٕ یہندِس سأری ہے مُلکس غمگاون پھِچھےٚ یژھان ۔ تہٕ اُستھ تہٕ کھوٚژی نہٕ ییم سمندرس بَلکہ اُسۍ اَتھ آبس پیٹھ زِندٕ روزُن یژھان ۔ تمو کر کوٚشش زِ ییم جہاز وٲلۍ اَتہِ جہاز ہیتھ بندرگاہس پیٹھ اکثر رُکان اُسۍ تم گژھی مانٛنۍ یُتھ زِ ییم تہٕ تمن ہتۍ جہازس منٛز کھسہٕ ہَن ۔ مگر جہاز والو کوٚر ریکھ ہَر وِزِ اِنکار تِکیا زِ شہزادٕ تہٕ تسنٛز زنانہٕ اُسۍ سیٹھا غریب تہٕ تمن دِنہٕ خاطرٕ اوسکھ نہٕ کینٛہہ تہٕ ۔ چھیکرس مأنۍ اکہِ دوہہٕ اُکۍ امیر تہٕ رحمدل باپأری یہنٛز شریف خصلت تہٕ رُت وہار وُچھتھ یہنٛز خاہش ۔ تِمس آو ییمن پیٹھ عار تہٕ تمۍ دِژ ییمن اُکس جہازس پیٹھ بیہن جاے یُس گژھہ تانۍ دوٗر سفرس پیٹھ نیرُن وول اوس ۔ نیرنہٕ بروٚنٛہہ پرٛژھ باپأری ییمن زِ

تۄہی کم چھو؟ گتہِ پیٹھہٕ چھو آمتیٚ تہٕ ڈۄنی کیاہ چھو اِرادٕ۔ تمی وۄنُکھ "یقینن چھو تۄہیٚ دۄشوے شہزادٕ انہارٕ تہٕ وۄہارکی باسان تہٕ کمہِ تانی چالباٗزی کٔرِ چھو غریب تہٕ بے آسرٕ بنیمتیٚ"۔

"پۄز چھہ۔ پۄز چھہ" نوجوان شہزادن وۄنُن ودان ودان۔ تہٕ امہِ پتہٕ دِژن نٔس پننہِ سارٕے دلیل۔

بۓ چھس شہزادٕ چھم تقدیر شولان
تۄے حاصِل سپٔن طاقت تہٕ فرمان
پھۄرُم ساتھا تہٕ وۄنم بابہٕ صابن
چھُ کس طالع؟ ژٕ یِکنہٕ مےٚ؟ چھس حکمران
ونیومس "مےٚ" دۄپنم "کیا! ژٕ ہےٚ چھی کیاہ؟
دفا گوڈھ چھکھ ژٕ احمق چھےٚ ژٕ ہےٚ ہرسان"
گرٕ ے ترٛووُم تہٕ رووُم خانہٕ ماجر
تۄے جنگلن لۄگُس چھس حالِ حاٗران
پتو رٔژی ہتھ سبٹھا خوش حال سپدُس
کمان رۄٹِتھ شکارُک رۄد ارمان
نفس پھِرواں دۄچھِن کھووُر تہٕ پتھ برونٛٹھ
بچھان ژۄچہِ کھنجہِ تہٕ روزن جاے ژھانڈان
پتو بخشن خوشی اٗنی یوت خداین

کٔرِن یاأری ژٕے ہیوٗ سوٗزٕن مہربان

ژٕے مصرت روٗس خوٗشی بنیہِ وأنسہِ برکت

مٔرِتھ مرتبہ ژٕے ہُرک نے یُژ خوشی سان

باپأرِ سَیِٕد شہزادٕ سنز یہِ پُر اثر دٔلیل بوٗزِتھ تیوٗت مُتأثر زِبِدٕ مُشکلن روٗٹ تٔمی اوٗش۔ تٔمی ووٗنُس ''مےٚ چھُ پتاہ زِیہِ کینژھا ژٕے ووٗنُتھ تہٕ چھُ پوٗز تِکیازِ تُتھے ژٕماٚلی سِندِ مُلکہٕ منزٕ درٛاکھمیأنٛ أکی نفرن یُس تٔتی چھُ روزان سوٗزمےٚ شیٚچھ زِ کُس تانٛ نبرِم حملہٕ آورآو اورتہٕ واریہہ بسکین کٔرِن قتل۔ بادشاہ تہٕ چأنٛی بأے نین آشنہِ تہٕ عیال ہتھ تہٕ کٔرِن قأد''۔

شہزادن ییٚلہِ یہِ بوٗز تٔمی ووٗد سبٹھا۔ پننہِ غریبی تہٕ لاچأری کِنز پننہٕ نس مأرلس، باپن تہٕ لوٗکن ییم تٔمس سبٹھ ٹأٹھی أسی مصیبتس منزٕ کانٛہہ مددنہ واتناوِتھ ہکنہٕ موٗجب کوٚرن ماتم۔ أمی سنزِ زنانہِ تہٕ باپأرِ سنزِ کوٗششہِ تٔمس یہِ وٕنتھ دِلاسہٕ دِنس دڑاونہٕ کانٛہہ مطلب زِ ژٕے پزی شُکر کٔرُن زِ ژٕ اوسکھ ییمو واقعو بروٚنٛٹھے شہرٕ منزٕ درٛامُت۔ شہزادٕ اوس سبٹھا زیادٕ نیک تیٚمی کِنز نہٕ تٔمس ییمو گتھو کھٔنٛژ اثر سَیِٕد بٔلکہ اوس یہِ زأنتھ پأنس زیادے ملامت کران زِ ہرگاہ بٕ گرٕ آسہٕ ہارٕ دمُت یہِ سأرٕلم آسہِ ہے نہٕ سپدمُت۔

ووٗنٛی اوس تٔمن جہازس منزٕ واریہہ کال گوٚمُت پکان تہٕ تٔم تِتھ مُلکس نکھہٕ أسن ییٚتی ہتی واتنی ییٚتہِ ییمن جہازٕ منزٕ وٕسُن اوس زِ ٹاسہٕ رائے تٔلن واجی ژھٔٹھ کڈٕن۔ واو تیز یاوتہٕ کوٗہن ہشہِ آبہِ لہرٕ وٕژھہِ ییمو کِنز پزٕتھ لمحہٕ باسان اوس زِ ییم رٔٹن وٕنٛی

جہازس تَل ۔ سأری اُسی پٔنٕز پأٹھی کأم کران تہٕ پڑ بتھ کیٚنہہ تہٕ یٚیمہٕ کٔنٛز جہازس منٛز سفر کرن والین ہُند بچاوہیکہٕ ہے سِپد تھ ۔ تتھہٕ گٔنٛز رٕو دٕی تِم گأنٹہٕ وادن زندگی تہٕ موتچہ کشمکشہٕ منٛز یوٚت تانٛی اکھ بڈ لٔہر وُٕژھ یوسہٕ باقیو کھوتہٕ زیادٕ تیز تہٕ بڈ اُس تہٕ آیہ جہازس چھاونہٕ ۔ اَتھ گیہٕ زٕ چھلہٕ تہٕ جہازس منٛز یُس اکھا تہٕ یہٕ کینٛہہ ہا اوس تہٕ نٔو آبن ۔ صرف بچے یہٕ اَتہٕ زٕ نفر اکھ شہزادٕ تہٕ بیٚیہٕ تسنز زنانہٕ یمن اُکس ہچہٕ پٔٹس تہٕ ہمہ تُلِس تھپھ اُس آمٕژ تہٕ تتھہٕ گٔنٛز وأتی تِم بٔٹھس پیٹھ ۔ وٕژن گو وشہزادٕ لوٚگ مُلکہٕ کس اُکس حصس ییٚلہٕ زَن شہزأدی بیٚیس حصس کُن پرٕ گرٕ ژھتھ لٔج ۔ یُس شاید وار یہہ دٔور بیٚا کھے مُلک اوس ۔ شہزأدی یَتھ جایہٕ بوٚٹھ لٔج سوأس اُکس بڈِس باغس نکھہٕ یُس ٹٔنٛز پأٹھی بڈٕ سوٕ چِتھ سمجِتھ بناونہٕ اوس آمُت ۔ مگر نہ اوُسس کأنٛہہ پوشی تہٕ نہ کأنٛہہ پٔنہ وُتھرٕ ے ۔ مگر یتھے شہزأدی امہٕ کِس دیوارس نکھہٕ وأژ گُلی تہٕ زنٛڈ ہیٚتِن تازٕ سپدٕ نٕی تہٕ اٗرٕ یورٕ ہیٚتی نکھ بامن نیرٕ نٕی ۔ دٕیمہٕ دوہہٕ صُبحس ییٚلہٕ زِ یٚتھ باغوان اور نظر دِنہٕ تہٕ راوچہٕ خأطرٕ آو سُہ سَپُد یہٕ وُچھتھ سیٹھا حأران ۔ سُہ اوس دوہہ شکی پأٹھی اور یٚیمہٕ کامہٕ خأطرٕ آمُت زٕ سُہ وَنہٕ ہے اَتہٕ ہو کھہٕ متِن گُلین مؤلہٕ کڈنہٕ تہٕ یَم زالنہٕ یا بدل کُنہٕ کامہٕ لاگنہٕ خأطرٕ تُلتھ رٔنہٕ خأطرٕ ۔ مگر وُچھتو ۔ یمن اوس زُوژ امُت لہذا وٕژن اُمی لوکٹین باغوانن زِ تو ہی گرداز چھٹی تہٕ اَز چھنہٕ یٚیتہٕ کأنٛہہ تہٕ کأم ۔ امہٕ پَتہٕ دژ اوسہٕ باغوان یہٕ رٕژ خبر واتناونہٕ خأطرٕ مأکس نِشہٕ یُس تمہٕ مُلکُک بادشاہ اوس ۔ بادشاہ سَپُد یہٕ بوٗزِتھ سیٹھا خوش تہٕ سوٚچُن زِ اُخرس تہٕ نیرن خدا صأبنہٕ یَژھنہٕ گُلین موٕ تہٕ بیٚیہٕ لگہٕ اَتھ باغس پھُلے یَتھ پیٹھ اُمی سیٹھا روپیہٕ خرچاوِمٕژ آسہٕ ۔ پَتہٕ آو باغوان دُبارٕ یتھ سُہ وارٕ پأٹھی اَتہٕ نظر دِتھ اُمہن

طراوت لبہٕ ہے تہٕ اَتہِ وُچھن دروازس پیٹھ اکھ زنانہٕ بہتھ۔ تٔمۍ پرٛژھس زِ ژٕ کوسہٕ
چھکھ؟ کتہِ آکھِکھ تہٕ کیاز آکھ مگر شہزادِ ہٕندۍ وُٹھودزاونہٕ اکھ لفظ تہِ لہذا دزاوسہٕ اَتہِ۔
یَتھ جایہِ شہزادِ وٲتتھ پہوس اُس اکہِ بڈ تہٕ شاندار شہرکس دیوارس
نکھہٕ۔ اَتھ شہرس اورِ یورِ پھیران ووت سُہ اَکس شاندار باغس نشہٕ۔ یہِ اوس رنگن
تہٕ خوشبوژھٹان۔ تٔمۍ دِژ نیٚبرِ مہِ درواز پیٹھے نظر مگر اندر اَژنس بہریاونہٕ تِکیاز اَتہِ یِیلہٕ تہٕ
کانہہ شخصاہ نظرِ گوس تَوے سوچُن زِ اوراژنس آسہِ ٹھاکھ تہٕ اوے کِنٛز رکیاو۔ سُہ اوس
دُنہٕ اُتی یہِ حاران کرُون نظارٕ وُچھان زِ تانی آ اورٕ شاہی باغوان۔ اَتہِ دروازس سے
رذٔ زِتھ مُد ے گنڈِتھ پوشن کُن نظر گنڈِتھ نفراڈہنشتھ گووا مس شک زِسہٕ ماچھ باغس
منز ژو رپاٹھی ژامُت تہٕ اَتہِ ماچھن کینٛہہ پوش نٔمتی۔ برٛ نزس کھنڈس کُرن اُمس تھرٕ تہٕ
خوف گوس زِ اگر یِی پوٚز اوس خبر مےٚ کیاہ کرِ تیلہِ بادشاہ۔ مگر یِیلہِ اُمۍ وُچھ زِ کانٛہہ
نوقصان چھنہٕ گوٚمُت امہِ کِنٛز گووسہٕ اُمس اجنبی شخص خوشے ہیو۔ یہِ انداز کرِتھ زِ یہِ
چھُ گاٹُل تہٕ شریف تہٕ پرٛژ پھنس زِ ژٕ کُس چھکھ تہٕ ژٕ کیاہ چھکھ ییٚتہِ کران۔
جواب میؤلُس "بہٕ چھس اکھ بیٚچھوٗن تہٕ دوٗرِ اکہِ مُلکہ پیٹھہٕ چھس آمُت"
باغوانن وونُس "وولہِ پکھ تیلہِ مےٚ ٔتی۔ بہٕ کرِ چانہِ کھینٛک تہٕ پکون ہُند
کینٛہہ انتظام"

ظاہر چھُ زِ بیٚچھنس ووتمُت شہزادِ سپد سٹھا خوش تہٕ دزاو باغوانس پتہٕ پتہٕ تِسند
گرٕ کُن۔ تَتہِ آووَننہٕ زِ یہِ چھُ اکھ غریب یُس ژوچہ کھنجہِ خاطرٕ ترسان تہٕ اورٕ یورٕ پھیران
چھُ۔ تِمس آو کھین بروٗنہہ کُن اَننہٕ تہٕ ووٗنہس وولہِ پکھ نارٕ گجہ کُن تہٕ وُشناوپٔن پان۔

کتھہِ باتھہِ دوران پژتھ أمی ازأنی پژھی زِ باغوانن کیاز أسی پوش ژٕتھ أنی مِتہ۔ باغوانن وۄنُس زِ یہ چھ بادشاہ سُند حُکم زِ پژتھ دوہہِ گرٕھن شأہی خاندان کَمن بأژن ہنزِ خوشی خأطرٕ تازٕ پوش انہٕ ینہٕ۔ توے تہٕ اوس سُہ یِیمہِ کتھہِ ہُند خاص خیال تھاوان زِ کانہہ گوژھ نہٕ پوش ژٕؤرِ ژٕین یتھ زَن دوہدش شأہی محلہٕ خأطرٕ پوش پرٕ پین نہٕ۔

شہزادن وۄنُس ''بہٕ چھس یژھان زِ ژٕ دِکھ مےٚ یِمن پوشن گُندی بناوٕنک اجازت۔ یتھہٕ کٔنی باسن یِم امہِ کھوتہٕ سٮ۪ٹھاہ زیادٕ خوبصورت تہٕ بادشاہ سلامت گژھہٕ یِمن وُچھتھ زیادَے خوش''۔

باغوانن موٚن تہٕ یتھہٕ کٔنی سپدی واریاہ پوشہٕ گُندی شوٗبہِ دار یٔتھی بادشاہَس ینہٕ خأطرٕ تیار۔

بادشاہ تہٕ شأہی خاندانٕکی سأری بأژ سپدی یِم مأری مۄنز پوشہٕ گُندی وُچھتھ سٮ۪ٹھاہ خوش تہٕ باغوانس واریاہ تحفہٕ دِوان وۄنہس زِ یتھے کٔنی گرٕھن دوہے پوش تیار ینہٕ کرنہٕ۔ احترامہٕ خأطرٕ نمیاو باغوان تہٕ دژاو۔

گرِ وأتِتھ وۄن باغوانن پننہِ زنانہِ زِ بادشاہ کوتاہ خوش سپد تہٕ بیٚیہ تِمن تحفن ہُند یِم أمِس دِنہٕ أسی آمتی۔ پتہٕ گوو تہٕ وۄنُن دیانتدأری سان شہزادس زِ یہ سأرے عزت افزأیی سپزٕ تس أمی سنزے ہونرِ کنہٕ تہٕ امہِ کنی روٗ زِن سُہ وۄنی یہندے گرِ تہٕ أمِسن دوہے پوشن گُندی بناوان تہٕ ہرگاہ سُہ وۄنی یِمن نِشہِ نیرِ تہٕ بادشاہَس خأہش پوٗرٕ سپدنہٕ تہٕ مُمکن چھ زِ سُہ کرِ أمِس (باغوانس) قأد تہٕ قتل تہٕ ہیکیٚس کٔرِتھ۔ شہزادن سوٚنچ زِ امہِ کھوتہٕ بہتر تہٕ چھنہٕ وۄنی کمن میانہِ خأطرٕ کینہہ تہٕ واریاہَس کالس ہیکہِ یہے حالت

رٕ زِتھ۔ لہذا اکوٚ رنس اقرار۔ یتھٕ کٔنز رٕ دِ معاملہٕ چلان۔ پڑ بتھ دوہہ اوس بادشاہ تہٕ شأہی خاندانکی بأژ سیٚٹھے لۄبہٕ وِنہٕ پوشہٕ گندان۔ کٔنز خوش سپدان تہٕ پڑ بتھ دوہہ اوس باغوان تھٔدی تھدی انعامہٕ ہیتھ واپس یِوان۔

زیادٕ زیادٕ امیر بنتھ ہیٚژن اُمِس روپے وارے ٹاٹھ گژھنہٕ تہٕ باغوان تہٕ تسنزِ زنانہٕ اوس مٔنزی یہ زبردست خوف گژھان زِ تِہُند یہ پوٚژھ یعنے شہزادٕ ہرگا کُنہٕ دوہہ اچانک پأٹھی یمن نشہٕ دژ اوتہٕ یم واتن تیلہٕ بیٚیہٕ برونٹھِمے حالس۔ لہذا اکوٚ رتمو یہ اِرادٕ زِ تم کرن پننہٕ کورِ اُمِس ستی کھاندر تہٕ یتھٕ کٔنز روزِ یمن پوٚرٕ یقین زِ سُہ نیرِ نہٕ یمن نشہٕ۔ تم اُسی ونان "یِدوٕ سے یہ اَسہٕ نشہٕ انتہأیی مصیبت کس حالس منز ووت مگر یہ کتہٕ چھ اَسہٕ پتاہ زِ یہ ماچھ کانٛہہ بارستہٕ نفریُس کُنہٕ چالبأزی تہٕ دھوکہٕ کٔنز اتھ حالس ووٚتمت آسہٕ؟ یہ چھُ ہر رنگہٕ عاقل تہٕ ہونرمند تہٕ نیک وو ہارُک تہٕ اُمی سِندے کٔنز میچ اَسہٕ بیٚڑ بٔڈ دولت"۔

لہذا اسِپُد یہ طے زِ شہزادس وَنو باغولنہٕ سنزِ کورِ ستی کھاندر کرُن۔ شہزادن لوگ گوڈٕ ڈیوٚلے ہیوٗ مگر پَتہٕ موٗن۔ یتھ شرطس پیٹھ زِ یہ تیمہٕ وِزِ تہٕ یوٚت نیرُن ییٚژھہ تتھ آسہٕ اُمِس اجازت۔ باغوانن مون یہ کُنہٕ ہلہٕ ڈِلہٕ روٗستے تکیازِ اُمی سوٗنچ پننہٕ جایہٕ ہرگاہ کانٛہہ ازأنی اکہٕ پھرِ اُمی سِندِس گرس منز یتھ آرام سان بیٚیہٕ سُہ ییٚژھہٕ نہٕ پتہٕ اتہٕ نیرُن۔

کھاندر سپُد تہٕ وارِیہہ روپیہ آیہٕ خرچاونہٕ تہٕ وارِیہہ شأدیانہٕ سپدی۔ کینژس کالس سپُد پڑ بتھ کینٛہہ ریٚتی پأٹھی تہٕ پڑ بتھ کانٛہہ اوس تیوٗت خوش باسان یوٗت سُہ

أسنتھ ہیکہٕ ہے یوت تانی اکھ سہ دوہ ووت ییلہٕ نہٕ باغوان پانہٕ محل خانہٕ گژھتھ ہیوٚک تہٕ امہٕ کنیٚ پنٕنِس زامترِس وۅنُن زِ ژٕ گژھ تہٕ میانہٕ بدلہٕ واتناو پوشہٕ گنٛدی تور۔ تُم کوٚر یی مگر واپَس یوٚن سیٚچھ أمس بادشاہ سنز کوٗرتہٕ یہِ وُچھتھ زِ یہِ چھ گاٹُل، شریف تہٕ خوٗبصورت گوٚس اَمی ساعتہٕ أمِس سُند محبت۔ پنٕنہٕ أکِس نوکرانہٕ دِتُن حُکم زِ ژٕ گژھ أمِس پتےٚ تہٕ وُچھ یہِ کتہٕ چھ روزان۔ تمہٕ وُچھ سہ باغوان سُند گرٕ اژان تہٕ واپس یتھ وۅنُن پنٕنہٕ مألکنہِ یی۔ دۅیمہٕ دوہہٕ صُبحاے سوٗز شہزادِ باغوانس نادتہٕ وۅننس زِ کُنہٕ تہٕ قیمتس پیٹھ گژھہِ نہٕ أمِس جوانس نیرنہٕ دِنہٕ یُن بلکہِ گژھہِ کھیاوُن چاوُن تہٕ نہٕ پزٕ بتھ کانٛہہ چیز گژھہس دِنہٕ یُن یہِ أمِس ضرورت آسہِ۔ باغوان گو یتھس عجیب حُکمس پیٹھ حأران تہٕ فورن گوو پنٕنہٕ زنانہِ تہٕ زامترِس یہِ وَننہٕ۔

"ژےٚ کیاہ چھتھ یتھ کوٚرمُت زِ تمہٕ وۅن مےٚ یہِ؟" ژےٚ وُچھتھا شہزأدی؟ تُمِس ستی گرتھا کتھ یا تُمِس کُن گرتھا لولہٕ برٕ ژ نظر؟ مےٚ وَنتہٕ أتھ عجیب حُکمس کیاچھُ وجہ؟"۔

شہزادن کوٚرس اقرار زِ سہ ییمہٕ ساعتہٕ محل خانہٕ منٛز واپَس اوس نیران تُم دُچھ بادشاہ سنز کوٗرگیٛتہٕ وۅننس زِ أمی أس سوسرسری پأٹھی وُچھمُت تہٕ تُمِس ستی أسس نہٕ خاص کتھا گرمِژ۔ یوت تانی وجہ نیٚیاو توت تانی أس زبردست حأرأنی۔

أتھی منٛز گوو شہزادِ کھینٕ چنٕ تہٕ مُشتھے تہٕ سپُز سبٹھا کمزور تہٕ لیدٕ ریہہ۔ ییلہٕ أمِس سنزِ ماجہِ وُچھ زِ یہِ چھےٚ کمزور تہٕ بیمار سپدان تمہٕ وۅن پنٕنہٕ کورِ زِ مےٚ وَن ژےٚ ما چھی کانٛہہ دود یا پریشأنی اگر یتھ کینٛہہ چھُ مےٚ وَن تہٕ تتھ ہکو علاج گرِتھ۔ یا اگر تس کُنہٕ

چیز چ یژھ چھے سوئنن تہٕ بادشاہ کرِتہٕ پوٚر۔ سُہ یُس تہٕ چیز یایم تہٕ چیز آسن۔ أندرٕ ہتھ مہ مأرِن سو پان۔

"ہے موج، میأنی ٹاٹھی موج" شہزادِ تُس جواب "مے چھنہٕ کانہہ دود تہٕ نہ واتنو مے کأنسہِ کانہہ دوکھ مگر خدا صأبن سوٚزیور تیٚتھ نفرأیند مے محبت سپُد تہٕ یُس ستی بہٕ کھاندر چھس کرُن یژھان"۔ ملکہ ووٚنُس "اِدمے وَن، سُہ کُس چُھ تہٕ کتہِ چُھ روزان تہٕ بہٕ وَنہٕ بادشاہَس تہٕ تمن سوزون نفر" شہزادِ ووٚنُس "یہِ چُھ سُے جوان یُس سأنِس زِٹھس باغوانہٕ سندِ روزان چُھ، سُے گاٹُل تہٕ مأرٕ موٚند جوان یمی راتھ باغوانہٕ سندِ بدلہٕ یور پوٚش أنی"۔

ملکہ سپز کورِ ہندِس اَتھ درخاسس پیٹھ حأران تہٕ ووٚنس زِ ژٕ سونچ وارٕ زِ ژٕ کیاہ چھکھ ونان۔ تمہِ ووٚنُس "أکِس باغوانہٕ سُندَ مزوٗر، تس ستی کھاندر کرِنس ہیکیاہ شہزأدی خوش گژھتھ۔ یہِ کیا پاگل گیا چھکھ۔ پژی کنی ما چھے میأنی کوٗر پاگل!"۔

"میأنی ٹاٹھی موج۔ بہٕ چھس نہٕ پاگل" شہزادِ تُس جواب "یہِ نفر چھنہٕ کُنہِ معموٗلی گرُک یہِ زَن مے باسان چُھ۔ یہِ چُھ کُنہِ امیر گرُک تہٕ شریف خصلژ ہُند باسان۔ یہِ چُھ أمی سندِ تھدِ خاندانُک آسنک تہٕ رٕ ژٕ تریژ ہُند آسنک ہأوتھ دِوان۔ بہٕ چھسے ژٕ سے اِلتجا کران زِ ژٕ سوزُن کانہہ تہٕ کرناو معلوٗم تہٕ ژٕ سے ژی پانے زِلی چھنا حقیقت"۔

ملکہ کوٚرنس وعدٕ زِ بہٕ کرٕ یہِ۔ یلہِ بادشہَن پننہٕ کورِ ہندِ علیل آسنک یہِ وجہ بوٗز سُہ تہٕ گوو سبٹھا حأران مگر ستی سوٚنچن زِ شہزادِ ہندِس اندازس منز تہٕ ہیکہِ کینژھہ پزر أستھ لہٰذا کوٚر تمی أمس ستی کتھ کرِنس ٹھہراوے یوٗت تانی تمی یہِ معلوٗم کوٚر زِ یہِ کُس چُھ تہٕ کتہِ

پیٹھہٕ چھُ آمُت۔

باغوانن وۄن بادشاہ سنٛدِس شۄچھ انن وأرِلس تہٕ سأئلم یہٕ أمِس پَنہٕ نِس زامترِس مُتعلق پتاہ اوس۔

**I**

مےٚ یامتھ وُچھ تہٕ بۄچھہٕ وُن اوس
مگر داماد وُنی کمِن چھُم
مُدے أسِس گنٛڈِتھ باغس
بَرنی پیٹھ مُفلسا ڈیوٗٹھم

**II**

مےٚ گوو شک آسہِ ہے اندرٕ نے
یہٕ پھۄرمُت سرسبز باغس
پتو ڈیوٗٹھم أتی پڑتھ گُل
ژۄلُم سے خدشہِ یُس پۄلُم

**III**

وُچھُم یامتھ مےٚ خوش رو یُتھ
تہٕ پرٛژھمس وَن مےٚ نِش یِکھ ما
اگر مرضی گژھی ودلہِ پکھ
ژطلبس یم تہٕ ازماوُم

**IV**

بُرن حأمی تہٕ ستی آم
تتےٚ أسہٕ نِش قرارے رۄد
مےٚ کارس یُتھ مدد کۄرنم
زِ پنٛنےٚ زُو مےٚ باسان چھُم

**V**

شہس یم پوشہٕ گنٛدی خوش آے
ہونَر أمی سنز سو سأرے أس
مےٚ خوش دِل پأٹھی رۄ چھنَم دِل
مہربان بادشاہ سپنٛم

**VI**

مےٚ أمی سنزِ ہونرِ کھولُم بوش
سبٹھا دولت گرس آیم
ژۄلُم ہرگا گژھم ما ناش
تہٕ پانس یُتھ کیب ما چھُم

## VII

مےٚ پٔنِنے خونہٕ رِشتس گوٚنڈ
تہٕ دُتمس دَھن پکو کھمن چَن
یہٕ زأنِتھ لگہٕ أمِس کھور گنڈ
پیٚنِتے رٔوٗدُم سُہ ٕقسمت چھُم

## VIII

مےٚ پزٕ بتھ کیٛنٛہہ نوٚن عیان وۄنٛےٚ
یہٕ کینٛژھا پےٚ مےٚ أمی سُند چھُم
ژٕ گوٚڈ وۄنی وَن شُہس سوٗرے
وٗنُس بخشُم خطا یوٚد چھُم

## IX

چھُ کُس ؟ روزان یہٕ کتھ مُلکس
مےٚ معلوٗم چھُمنہٕ، چھُس کیٛاہ ناو
نہ پزٕ ژھمس مےٚ ، نہ وۄنُم زانٛہہ
نہٕ امہٕ ہُر کیٛنٛہہ، وَنُن کیٛتھ چھُم

شیٚچھہٕ وأرِس نِشہٕ یہٕ عجیب ڈٔلیلا یوٗزِتھ اوس بادشاہ أمِس کارِہندِس نفرس۔ مُتعلق بیٚیہٕ تہٕ بوزُن یژھان توے اوٗنُن یوٚ ڈباغوان بلأوِتھ۔ سبٕھے کھوٗژی کھوٗژی تہٕ تھرِتھرِ پأٹھی ژاو یوٚ ڈباغوان بادشاہس نِش۔

بادشاہن وۄنُس "وَن ساوۄنی مےٚ یہٕ کُس نفر اُچھ؟ آمُت کتہٕ پیٛٹھہٕ چھُ؟ ییٚتہٕ کیٛاہ چھُ کران؟ ژےٚ رِکتھہٕ کنی لوٚب تھن؟ یہٕ کیٛاہ چھُ چانہٕ گرِکران؟ تہٕ ییٚتہٕ وۄنُم چھُ کیٛتھ کیٛاہ تہٕ حاصِل کیٛاہ چھُس کوٚرمُت۔ أمِس شُخصس مُتعلق کیٛاہ چھُ چون خیال؟

باغوانن وۄنُس تہٕ سأئلم یہٕ سُہ پننہٕ نِس زامِترِس متعلق زانان اوس، یہٕ سمکھس رِکتھہٕ کنی، أمِس پیٛٹھ عارِیٛزن تہٕ ینہٕ گنہٕ کور أمِس ستی کھاندرکرُن تِلکیٛا زِ أمی بنأوی تِھ کرِ پوشہٕ

گنٛدی یِموٗ سیٚتۍ بادشاہ خوش سَپُد۔ کتھ باتھہِ تہٕ کامہِ کارس منٛز کوتاہ گاٹُل تہٕ ہُنرمند چھ یہ تہٕ کوتاہ شریف، رُت تہٕ نرم چھُ۔ پننہِ نِس زامتٕرِس مُتعلق یہِ کینٛہہ ہا اُمس باغوانس پتاہ اوس تمہِ منٛزٕ تھاوُن اُمی اکھ کتھ تہٕ ژوٗرِ۔ پتہٕ کوٚرُس بادشاہَن روخصت تہٕ وۄنُس زِ ژٕ مہ کھوژ ژےٚ واتی نہٕ کانٛہہ نوقصان۔ یہِ کینٛہہ ہا ژےٚ مےٚ پرٛژھےٚ تہٕ ژےٚ وۄنُتھ تمہِ کٔنۍ سپدِ ژےٚ سیٚتۍ بُرتے۔

یام یہِ بوٚڈ باغوان درٛاو بادشاہن سوٗزا اکھ خاص نوکر یہِ زانُنہٕ خاطرٕ زِ یہِ لوکُٹ باغوان کیٛت کیٛاہ چھ تہٕ وۄنُس مےٚ دِیِ زِ واپس شیٚچھ خبر۔ پوٗرٕ دھیانہٕ سان وُچھی زِ بن تِکیٛا زِ مےٚ (بادشاہس) چھُ اِرادٕ زِ ہرگا مُمکن سَپُد بہٕ ماکرٕ اُمس پننہٕ کورِ سیٚتۍ کھاندر۔ نوکر درٛاو تہٕ پرٛتھ معاملس مُتعلق کٔرِن پرٛژھہٕ گٲر۔

تمۍ وۄن بادشاہَس "تہِ سٲلم چھُ پوٚز یہِ زَن ژےٚ باغوانن وۄنُنے مگر ہرگا توہہِ مُناسب باسہِ تیٚلہِ انِناوِی تون بُلاوِتھ تہٕ وُچھتون پانہٕ"۔

بادشاہَن کوٚر تی تہٕ جلدٕ ے اوس یہِ لوکُٹ باغوان اُمس بروٗنٛہہ کنہِ اِستادٕ۔ کٔرِ کینٛہہ کتھا باتھا کٔرِتھ تہٕ اُمس وُچھتھ بیوٗٹھ بادشاہَس زِ یہِ نفر چھُنہٕ کانٛہہ معموٗلی شخص تہٕ لہٰذا وۄنُس پننہِ کورِ ہنٛز ییٚژھہِ ہُند تہٕ بیٚیہِ یہِ تہٕ زِ مےٚ چھُ پانس تہٕ یہِ خیال۔ "ژےٚ چھیا قبوٗل زِ ژٕ بنکھ بادشاہ سُند داماد"؟

تمۍ دِژُس جواب "بہٕ بنہٕ مگر میون آسہِ اَکھ شرط زِ ییٚمہِ وِزِ بہٕ یژھہ تمہِ وِزِ دِیو توہۍ مےٚ پننہِ مُلکہٕ منٛز نیرنُک اجازت"۔

بادشاہَن کوٚرُس وعدٕ امی ساعتہٕ دیُتِن حُکم زِ محل خانس لرِ گرٛژھہِ اکھ مکانہٕ

أمِس خاطرِ تیاریٖن کرنہٕ تہٕ أمِس گرٕھن پلو، جوٲہرات تہٕ تھدِ پایک کھنن چَن واتناونہٕ یِن۔یتھ یہِ پڑٕتھ لحاظہٕ بادشاہ سُند زامتُر ہیوٚ آسہِ تہٕ ملامُو ہُند پڑٕتھ کانٛہہ وجہ گرٕھہِ نہٕ موجوٗد روزٕن۔یِی سپُد تہِ تہٕ جلدٕے لوگ سہٕ تمام لۆکو تہٕ وزیرو تأ مُلکُک اکھ بوٚڈ تہٕ گاٹُل شخص تسلیم کرُن تہٕ پننہٕ نس بادشاہ سُند زامتُر مانُن قبوٗل کرُن۔

کینٛہہ کالہٕ سپُد کھاندر۔سبٕھاشاندیانہٕ سپدی تتھی کنہٕ زانٛہہ تہِ اَتھ شہرس منٛز نظرِ آسی گمتی۔فِہا اوس خوٚشی سِتی برِتھ تہٕ پڑٕتھ کانٛسہِ اوس پنُن سارِوے کھوتہٕ رُت تہٕ موٗلُل پوشاک لوگمت۔غریبن تہِ آے رِتی پلو، رُت کھنن چَن تہٕ سبٕھا تحفہٕ دِنہٕ۔ پڑٕتھ کانٛسہِ ہنزٕ زیوٚ پیٹھ آسی بادشاہ، ملکہ، مہرازٕ تہٕ مہرنہٕ ہندی تعریف تہٕ اَتہِ اوس باسان زِ یتھ ہیوٚ خوش تہٕ خوشحال آسہِ نہٕ بیٛیہ کانٛہہ شہر۔

تہٕ تتھے کنہٕ روٗد معاملہٕ پکان۔بادشاہس اوسنہٕ یہِ رِشتہٕ کرنک کانٛہہ تہِ افسوٗس تکیازِ أمی سنٛدِس زامتری سنٛدِس علمس، دلأیی تہٕ مقبوٗلیژ منٛز سپُد ہُر بر۔أمِس آسہٕ سارے زبأنی تگان، سبٕھے مُشکل سوالن اوس ہبکان حل کرِتھ تہٕ بیٛیہ اوس سبٕھا پاکباز تہٕ رُت۔لۆکن اوس خأرات دِوان تہٕ بیمارن تہٕ لاچارن ہند بن داوٕن اوس واتان صرف اوٗسس نہٕ اَکُے چیز سہٕ اوس أمی سُند دربارس منٛز ییٛنس انکار۔

اکِہ دوہہ پرٕژھ أمِس زنانہِ امیٚک وجہ تہٕ پتہٕ ووٚنس "یہِ ماچھ شوٗبان زِ بادشاہ سُند زامتُر أستھ روزکھ ژٕ اَتھ بڈِس اجلاسس منٛز ہمیشہِ غأرحأضر۔ژٕ آس ضروٗر منٛزی منٛزی گرٕھان تہٕ پڑٕتھ موقس پیٹھ آس ژٕ ملکچ حکوٗمت چلاونس منٛز رژھ کھنڈ دلچسپی ہاوان۔یتھ چانہِ آشنہِ ہُند موٗل بادشاہ چھ ہاوان۔

شہزادن ۔ یُس وۆنی تسلیم کرنہٕ آمُت شہزادٕ اوس۔ وۆننس یور زِ بہٕ چُھس
اکھ پیدأیشی شہزادٕ تہٕ میون مول اوس تمہِ کھوتہٕ تہٕ بڈُس تہٕ زیادٕ طاقتور مُلکس
حُکمران۔ ۔یتھ منز بہٕ وُنی کیبس روزان چُھس ۔أمی وۆن تس یتہِ زِ بہٕ کتھہٕ کٔنۍ
وۆتُس چانٮ۪س مأکی ہِندس مُلکس تہٕ بیٚیہِ تہِ سأرلم یہِ أمِس ہتی سپد مُت اوس۔امہِ
ہُر یمانہٕ وۆننس زِ مےٚ کوتاہ چُھ دِل یژھان زِ بہ گژھہٕ ہابیٚیہِ اکہِ پھرِ پننِ گرِ تہٕ مأکی
ہِندِس وطنس ۔تہِ گرِتھ تہِ چھےٚ مے چانہِ نصیٖحژ منز دلنأیی باسان تہٕ کوٚرنس وعدٕ زِ یٚیمہِ
یپور آسہٕ بہٕ دربارس منز حأضر سپدان۔ لہٰذا اوس دۆیمہِ دوہہٕ صُبحس شہزادٕ پنُن
سارِوٕے کھوتہٕ رُت لباس لأگتھ دربارس منز مؤجود تہٕ اوس سبتھے رُت تہٕ
خوبصورت باسان۔ بادشاہ سپد پنُن زامتُر وُچھتھ سبٹھا خوش تہٕ بیٚہنووُن عزتہٕ کِس
مسندس تہٕ مُلکہِ کِمن مؤجوٗدٕ کرٔتھین مسلن مُتعلق پرٔژُھن أمِس خاص پأٹھی
مشورٕ ۔یہِ سِلسلہٕ رُو دچلان۔شہزادٕ اوس دوہے دربارس منز گژھان تہٕ پرٔ بتھ معاملس
منز اوس سبٹھا رٕتی پأٹھی تہٕ دلنأیی سان پنُن وبوہار ہاوان۔یُتھ زِ بادشاہس اوس یہِ پتہٕ
نِس بیٚیس کأنسہِ تہِ نیٚچوس کھوتہٕ زیادٕ ٹوٹھ تہٕ خاص گرِتھ ییٚلہِ تمی پنہِ کورِنشہِ یہِ بوٗززِ یہِ
چُھ پانہٕ تہٕ اکھ بارسہٕ شہزادٕ اوسمُت مگر أمِس اوس بے رحمی کٔنۍ مُلک ترٛاوُن پیوٚمُت تہٕ
أکِس ووپرِ مُلکس منز ژوچہٕ کھنجن باپت بیٚچُھن پیوٚمُت ۔ بادشاہ ہِندِس توجہس تہٕ مُحبتس
اوسنہٕ پتہٕ کانٛہہ حدٕ ےییٚلہِ تمِس یہِ واضح پأٹھی ننیاو تہٕ یقین سپد زِ أمی سُند یہِ ٹوٹھ زامتُر
چُھ پیدأیشی رُت۔ کِر وُنی أمِس پننی سأری نجی معاملہٕ تہٕ سأری اندروٗنی مُلکی
مُشکلات۔پرٔ بتھ معاملس منز اوس بادشاہ أمِس مشورٕ ہیوان تہٕ پرٔ بتھ وِزِ اوس أمِس

پانٕسے نِش تھاوُن یژھان۔

"ژ بنیٚو کھ وۆنۍ میٚون خاص ضرورت۔ میانہِ گۄبرٕ اُکۍ وۆنُس اکہِ دوہہٕ۔

"یِنہٕ ژ سوچِکھ زِ بہٕ کیاہ چھُسے ژےٚ امہِ کنۍ تعریف کران زِ ژ گۄ ژھکھ نہٕ زانٛہہ مےٚ

ترٛأوِتھ نیرُن۔ ژ یُس تہِ چیز یژھان آسکھ تہِ منگ تہٕ ژےٚ گژھی سُہ چیز ییٚتی حاصل

سپدُن۔

وۆنۍ ییٚلہِ بادشاہٕ سند بن باقے زامترٕ بن تہٕ نیچوٗس یہِ باسُن ہیوٚتُن زِ بادشاہ

چھُ تٕسٕ شہزادس زیادٕ لول بران تہٕ اُمس ورأے چھُنہٕ کُنہِ تہِ نیران یا حرکت تہِ

کران۔ تِمن گو وحسد پأدٕ تہٕ لأجکھ رٕلِتھ ژدیہِ کرنہِ زِ اُکۍ کتھہٕ کنۍ دۆراوون یہِ

بادشاہٕ سنٛز ومہربأنیو نِشہِ۔ تِمن اوس نہٕ پتاہ زِ یہِ چھُ اکھ پیدأیشی شہزادٕ تہٕ یہِ کیاہ آسہِ تیر

انٛدأزی منٛز مأہر۔ بلکہِ اوسُکھ یہِ خیال زِ یہِ چھُ باغوانہٕ کوٚٹ ییٚمہِ کنۍ اُمس تیرکمانہِ

ہنٛدِ ورتاوُک تہٕ وحشی جانورن ہنٛد بن عادتن ہُند کہنۍ تہِ پتاہ آسہِ نہٕ۔ لہٰذا اوۆن تِمو

بادشاہَس زِ اُکۍ گژھو شِکارس تہٕ یہِ شہزادٕ تہِ گۄ ژھ اَسہٕ ستۍ یِنُن۔ بادشاہن دِتکھ

اجازت تہٕ پننہِ نِس ٹاٹھس زامترِ س وۆنُن زِ بہٕ چھُس یژھان زِ ژ تہِ گوژھ شِکارس۔

شہزادن وۆنُس زِ یتھ منٛز بادشاہٕ سنٛز خوشی چھےٚ تتھ چھُس بہٕ تابع۔ مگر پننہِ نِس ہیٚمہِ

بابس نِشہِ نیرنہٕ وِزِ دیُت اُکۍ یہِ باس زِ یہِ گوو پٔژن گرٕ۔ یہِ بنیاو باقے شہزادن ہنٛدِ

خأطرٕ اصل اَسن مصالحہٕ تہٕ فورن لوگکھ اکھأ کس کُن ونُن "ہو کیاہ گوو باغوان کوٚٹ

پٔژن گرٕ۔ یہِ کتہٕ ہیکہِ گرِس کھستھ یا شِکار کرِتھ۔ اوہو۔ اوہو اَسہِ کیٚت اُشناولتہٕ بنیٚہ چھ

بادشاہ سُند تہِ پیٚور۔ تہٕ تتھہٕ کنۍ رۆدی اُمس ییم ٹانہٕ ژٹان تہٕ اُخرگے بادشاہَس نِش تہٕ

وۆنہس دٕتیٚمس توہہِ اَسہِ ستیٚ گژھنہٕ خاطرٕ وۆنو یعنے تُہند ٹوٹھ زامتٕری لالہ، تیٚمس پیٚٹھ توہہِ بھروسہٕ چھو گژھہِ پزٕ ی۔ کنیٚ لوکٹہِ پایہِ گےٚ آسُن تِکیازِ سُہ چھ شِکارس گژھنہٕ نشہٕ لۆبےٚ ہواں۔ تہٕ جانےٚ چھ کران۔ شاید آسہٕ بس یہِ پتاہ زِ سُہ ہیکہِ نہٕ اتھ منز دھہٕ تھ۔ یتھہٕ کنیٚ تموٚ پننی۔ کنیٚ کوٚشش کرزِ تم پھرن بادشاہ سُند سوچ اُمی سِندِس ٹاٹھس زامترِس خلاف۔

مگر یتھ خیالس ستیٚ ستیٚ زِ تہُند یہِ بیمہٕ تہٕ ساجُو ہیکہِ نہٕ گرِس تہٕ کھستھ تہٕ گرِ ساپیٚسس اوسکھ گوڈے وٕنتھ تھوومُت زِ ہرگاہ شہزادِ اَسہِ ستیٚ شکارس آدیہِ چھُ تیلہٕ فلاںٔنی پاگل مادِیانہٕ کھالُن یوسہٕ زَن گُری گانن منز الگ اَس تھاونہٕ یوان تہٕ تیٚمس نہٕ اَز تانی کانٛہہ نفر سوارِ اوس کھستھ ہیوٚ کمُت۔ وۆں گووتمن تیٚمس بیمہٕ تہٕ ساجُو سُند حسد اوس سُہ اوس اکھ زبردست گُری سوار تہٕ۔ ژھوٚڈی پاٹھی ونو زِ سُہ اوسنہٕ کانٛہہ چیز اہ یتھ منز نہٕ سُہ مأہر اوس لہذا ایپیلہِ سُہ گرِ اوس گومُت تہٕ اوسُس پننہٕ آشنہِ پننہِ اِزادُک وۆنمُت تہٕ پزٕرٕ پاٹھین اوسُن سامانہٕ گوٚ نڈمُت۔ سُہ گووشأہی اصطبلس منز تہٕ اَتہِ گرِ منگنس پیٹھ آو اُمِس وَننہٕ زِ وُنی کینہہ چھےٚ صرف پاگل گرِ دستیاب۔ باقے سأری گرِ چھ کأنسہِ نتہٕ کأنسہِ شأہی خاندانہٕ کِس نفرٕ سِندی تہٕ وُنی آسن یمن ضرورت تِکیازِ پزٕ تھ کأنسہ چھُ شِکارس نیرُن۔ مگر شاہزادن بۆ رنہٕ پَرواے زِ تمِس کُس گرِس چھُ کھسُن صرف یہِ زِ گرِ گوٚ ژھدۆ رتہٕ تیز رفتار آسُن لہذا اکھوٚت سُہ کُنہِ ہلہٕ ڈِلہِ ورأے اُمِس پاگل مادِیانہٕ۔ یہِ چھُ اندازٕ ے زِ مأدیانہٕ سپزٕ شہزادٕ سِند (سوار سپدنکہ) خیالے وارے پاگل۔ تمِس اوس نہٕ امہِ بروٚنٛہہ کانٛہہ سوار سپُد مُت تہٕ تَس اوسنہٕ وۆنی یہِ باسان زِ کانٛہہ

کیاہ ہیکہِ اُمس سوار سپد تھ۔ لہذا نمیہ سوبۆن گن تہٕ پتہٕ ڈُژھ بۆڈھن پٹھ تھوٗد۔ پتہٕ لوٗگن پٮ۪ٹہ پٮ۪ٹہ پکُن۔ پتہٕ تجن دوٕ ٹہٕ تہٕ پتہٕ ییٚہِ کینٛہہ ژھل ورتاؤتھ یِم شہزادس پۆرپاٹھی ویٚدی اَسی دزٲیہِ سو چھیکرس جنگل گن تیٛوٗت تیز زِ باسان اوس اُمس چھہِ مُشکل نےٚ پٔدرتہِ پتھرِس پٮ۪ٹہ لگان۔ شہزادٕ اوس پننہِ جایہِ پہاڑٕ کی ہوی پاٹھی زنتہٕ لگتھ گومُت تہٕ سبٹھا تیز دوت۔ جنگلہِ کس تتھ حصس منٛز ییٚتہٕ جنگلی جانورن ہٕنٛز پاٹھی روزان اَسی۔ پتہٕ شِکارٕ آسنہٕ کِنٛی کٕڈی اَمی ڈلی ڈلی پہندی ماثھ بدِ تہٕ موٗرن اکھ شال، اکھ ہاپت تہٕ اکھ ہہہ۔ کانٛسہِ ہندِ تھپھ کرنہٕ وراٲے ہیکن نہٕ یِم پانس پٮ۪ٹہ تُلتھ لہذا ژوٗتُن شالس لوٗٹ، ہاپتس نَس تہٕ ہہس گن تہٕ دزٲواتہٕ۔

وۄنی یِم باقٕے شہزادٕ اَسی تمن باسیاو زِ (بادشاہ سُند) ٹوٗٹھ شہزادٕ گو وگرِ لہذا دزٲے نہٕ تِم سُلہِ تہٕ پتہٕ ییمہِ وِزِ دزٲے تہٕ گےٚ ییٚہِ وَتہٕ شِکار کرنچہِ جایہِ۔ اوٗت واتتھ ووٗچھ یِمو تمن ترٛین جانورن ہنٛز لاشہِ یِم مارِتھ بیاکھ شہزادٕ واپس اوس دزٲمُت۔ پانہٕ ییٚلہِ نہٕ یِمن کانٛہہ جانورا مارنس منٛز کامیاٲبی سپز یِمو دیُت حُکم زِ ییٚہ ترٛےٚ موٗتی جانور گرٛھن بادشاہَس نش واتناونہٕ تہٕ پیش کرنہٕ تہٕ زنتہٕ یِم یِمو ےٚ مارٕ پٮ۪ٹہ اَسی۔

گرِ واتتھ پرٛژھ (بادشاہ سندِس) ٹاٹھس شہزادس زنانہٕ زِ ژٕ کیازِ آکھ یوٗت جلد واپس۔ تمہِ وۄنُس "شاید ما گوکھےٚ نہٕ ژٕ شِکارس" مگر اَمی کوٚڈ چند منٛز شالہِ لوٗٹ، ہاپت نَس تہٕ ہہہ گن تہٕ ہاوِن تمس تہٕ وۄننس زِ اَمی ترٛ اَوی یِم مارٕ پٮ۪ٹہ جانور تٔتی تکیازِ مےٚ اوس نہٕ یِمن تُلنہٕ خاطرِ کانٛہہ نفر پٮ۪ٹہ۔

شامس واتژھو باقٕے شاہی شکارٕ جماعت پانس پٮ۪ٹہ شال، ہاپت تہٕ ہہہ

سٟنٛز لاشہِ ہیتھ واپس۔ دۏپمہِ دوہہٕ دربارلگنہٕ بروٚنٛہے پٔہن پٕرٛژھ یمن بادشاہن زِتوہہ کیاہ شکار کوٚر رٕ راتھ۔ حسدی شہزادو وۏنُس ؤلی ؤلی جواب۔ ''اَسہِ موراکھ شال، اکھ ہاپُت تہٕ اکھ سہہ یِہنٛز لاشہِ نیٚبرٕ کنہٕ صحنس منٛز تُہندِس معاینس پٕرارن چھے۔ اَسہِ چھُنہٕ باسان زِ وۏنی کبس کیاہ چھُ جنگلس منٛز یِمو ہُر یمانہٕ کانٛہہ جانور۔

بادشاہ اوس وُچھان زِ اُمی سندی پیاری شہزادن کرٕ نہٕ کانٛہہ کتھاتہٕ کالہٕ یِمہٕ ہٕزل اُمِس یِمو بارنہو کری تمہِ کِنہٕ اوس خاص پأٹھی یِہ زانُن یژھان زِ یِہ اوسا شکارس گوٚمُت زِ کنہٕ نہٕ تہٕ ہرگا گوٚمُت اوس اُمِس اَسا کانٛہہ کامیأبی سپٕز مٕژ۔ لہٰذا پھیوٚر سُہ اُمِس کُن تہٕ وۏنُنس ''ژٕ وَن پننہِ شکارٕ چ خبرا؟'' اَتھ پیٹھ دِتُس بے زامترٕ ی جواب ''اوہ بادشاہ صأب اُمِس مہ پٕرٛژھو۔ یِہ ما اوس زانٛہہ شِکارس دژامتُ لہٰذا گو دِیہ گرٕ۔ وۏنی مہٕ کرِ وا تھ پیٹھ کتھے یِہ گرٛشہِ وۏنی وارٕ رے جٔجل''۔

وۏنی اوس اُمِس ٹاٹھس زامترٕ ی سندِس وبقارس یِمو ٹاس ترٛ ووٚمُت تہٕ یِمو اَپٕز وٚ گتھو کِنہٕ اوسُس شرارت کھوٚتمُت۔ وۏں گوٚوسُہ پٕراریاوتوت تانی یوت تاز باقیوتہٕ سأئلم ؤنتھ موکلوویہِ تِمن وَنُن اوس تہٕ پتہٕ یِمن کُن حقارتہٕ سان نظراکرِتھ وۏنُن ''بادشاہ صأب بٕہ تہِ گوس شِکارس مگر کُنے زۏن تہٕ ترٛے جانور آے نہٕ دردست اکھ شال، اکھ ہاپُت تہٕ اکھ سہہ''

یِیلہِ باقٕے زامترٕ ہ یِہ بوٗزتھ گٔے حأران خاص کرِتھ امہ کِنہٕ زِ یِمہٕ ترٛے جانورلاشہِ یِمو پانس سٟتی اَنِتھ بادشاہس بروٚنٛہہ کُن یِہ ؤنتھ ترٛاوِمٕژ آسہِ زِ یِمہٕ جانور اُسی یِمو بے شِکار کٔری مٕتی۔ وۏنی کیاہ کرٕہَن یِم؟ تِمہِ کِتھہٕ کِنہٕ کرہن وۏنی بادشاہس

تمن کتھن پیٹھ مطمئن یمہٕ تمو اپزٕ ے میزٕ ے وَنہٕ مژٕ آسہٕ۔لہٰذا کھوٚت یمن وارٕ ے زَہرتہٕ قسم کرٕ کرٕ وۄنکھ زِ شہزادٕ چھ اپزٕ ونان تِکیاز تمو ژٕ چھ سُہ پانہٕ کالہٕ دربارٕ مژٕ نیرتھ سیوٚ دٕ ے پٔژن گرٕ اژان۔تہٕ باقٕے ژٕ رکی یوٗ کنہٕ تہٕ نٔنیاوٕ یمن زِ یہٕ اوسہٕ پَتہٕ صحیس تام اندرٕ نیبرٕ ے درٕ امُت۔

شہزادٕ روٗ دتوٚت تانٔ بیٚیہٕ ژھوپہٕ کرِتھ پزاران یوٚت تانٔ یمو پٔننہِ جواب ؤنی تہٕ پَتہٕ کوٚرن بادشاہس درخاس زِ مےٚ دی تو کانٛہہ نوکر گرٕ سوزنک اجازت۔یتھ سُہ تہٕ اکھ گوٚژ رانہٕ۔یتھ مژٕ موٗ جودٕ نٔیال اٚسی سنٛز کتھِ صحیح ثابت دِن کرِتھ۔امہِ کتھہِ ستی گیہ تژھ حاٚرانگیاپاٚدٕ یژھ نہٕ زانٛہہ گمژٕ ے آسہٕ۔اکھ لوکٹ گوٚژ ریہٕ اَننہٕ تہٕ تمے کٔر گژھہِ یہٕ معاملہٕ ثابت!وۄنی ہیوٚتن بادشاہس تہٕ پننہٕ نس پیاٚرِس زامترِ سنٛزِ دِماغی حالژ پیٹھ شک گژھن۔تٔمی سوٚنچ زِ''زیادٕ علم پزٕ اٚوتھ چھ اٚمس دِماغہٕ ڈٔلمت''

وۄں گوو باقٕے عمومی گتھو علاوٕ کرٕ نہٕ نوکرٕ سنٛدِس پٔنس تانٔ کانٛسہِ اَتھ متعلق کانٛہہ کتھ تہٕ سُہ تہٕ پھوٗ جلدٕ ے واٚتتھ تِکیاز تٔمی سُند گرٕ تہٕ اوس شاہی دربارس نکھے۔اَتھ گوٚژرِ مژٕ اوس شالہٕ لوٚٹ،ہاپت نس تہٕ سہہ کن۔تہٕ ییلہٕ بادشاہن یم وۄچھنہٕ خاطرٕ نیبر کڈی تہٕ شہزادن وۄن''وۄچھو،بادشاہ صاٚب،وۄچھوسا بایوٗ یہٕ شالہٕ سُند لوٚٹ،یہٕ ہاپتہٕ سنٛز نس تہٕ یہٕ سہہ سُند گن یم مےٚ راتھ شاہی خاندان خاطرٕ مخصوص شکارگاہس مژٕ شکار کرٕ کرٕ مگر یم مےٚ پَتہٕ تٔتی ترٕ اٚوی تِکیاز یہٕ اوسُس گنے زوٗن تہٕ توے ہیوٚ کُس نہٕ بادشاہ سلامت تہٕ توہہِ حضراتن ہنٛدِ معاینہٕ خاطرٕ یم پانس ستی اَنتھ۔تہٕ پتہٕ وۄچھو زِ یم تہٕ نٔیال توہہِ بروٚنہہ کنہٕ چھ تم چھ یمنے ترٕ بن جانورن ہنٛدی یم میانو بایوٗ راتھ شامس پانس ستی اٚنی

تہٕ توہہِ باسیؤ وزِیم چھ یِموٕ ے مأری ٕتی۔ بادشاہ سلامَت تہِ چھُنہٕ حقیقت ٲلکہٕ یِمو کوٚر یہِ پننہِ حسدٕ تہٕ دِل کہِ کھوچرٕ کِنۍ زِ بہٕ گوٚژھس پننہِ درجہ بوٚن وٕسُن یتھ زِ بادشاہ سلامَت ہنزٕ مہربأنیہ یِمن میلن۔ ہرگا توٚہۍ صحتنس کُن پٔتھ تِمن ترٛبن جانورن ہنزٕ لاشہِ وُچھو یِمہٕ تتہٕ پیٹھ چھےٚ تہٕ توٚہۍ وُچھو پانے زِیہِ کینژہ ہابہٕ ونان چھُس تہِ چھُ پوٚز تہٕ میأنۍ یِم بأے چھ اپُز ونان"۔

بادشاہ ووٚتھ فورن تہٕ گوو أکۍ ہند ے وَننہٕ مطأبق صحتنس منٛز تہٕ وُچھو شال اوس أتی مکرلٹہِ ورأ ے۔ ہاپُت تہِ اوس أتی مکرنس ژٕٹھ تہٕ ہہہ تہِ اوس أتی مکرِتمس اوس اَکِے کُن۔ اَتتھ اوس یہِ شاہزادٕ ہندِ پزِ یورآسنک ٹاکارٕ ثبوٗت تہٕ بادشاہ سپُد یہِ زأنتھ یتھ حدس تأنۍ سبٹھا خوش زِ أکۍ اوسنہٕ ٲلی أمِس پیٹھ بھروسہٕ کوٚر مُت زِتَس گود تقریبن یہِ مُشتھے زِسہ کرِ ہے بأتے شہزادن تہٕ دربارس منٛز امہِ وِزِ ہتھ نفرن تہنزٕ کمینہ گی تہٕ اپزس وو ہارس پیٹھ بوٚ اُری۔

اَمہِ پتہٕ ورتو و بادشاہن أمِس ہتی تیٚتھ خاص محبت یتھنہٕ زانہہ وُچھنہٕ اوس آمُت تہٕ پتہٕ گو ویتہِ طے زِ بادشاہس پتہٕ بیٚہہ یہو ے ٹوٚٹھ شہزادٕ تختس یِیلہِ زن بأتے شہزادن لوکٹین موکلین جأ گیرن تہٕ دفترن ہُند وعدٕ آو کرنہٕ۔ وراثت کہِ امہِ حتمی بندوبست پتہٕ کِمے کأ لی ہیوٚتُن شہزادس پٔنُن وطن تہٕ پننہٕ نِس مألِس نِش گوھنہٕ خأطرٕ سخت پھیرُ ن تہٕ ووٚنُن یہِ بادشاہَس۔ یتہِ کوٚرنس وعدٕ زِ پٔنزی یہِ خأہش پوٗرٕ کرِتھ یِمہٕ بہٕ واپَس۔ بادشاہَس پیو یہِ بوٗزِتھ غم تہٕ کوٚرُن شہزادس زور زِژ متہٕ گژھتہٕ ٲلکہ سوزُ کھ کینٛژہہ نفریم ژٔ ے مأ لی ہنزٕ،لوٚکن ہنزٕ تہٕ مُلکہِ کین معاملن ہنزٕ شیٚچھ خبر اَنے۔ مگر شہزادٕ تہٕ

رؤ دِپنہٕ خاۄشہِ پپٹھ تیٚتھ اِصرار کران زِ ٲخرس آس بادشاہٕ سٕندِ طرفہٕ اجازت دِنہٕ۔ گرٕ داٚ تتھ وۄن ٲمۍ پنٕنہِ آشنہِ اَتھ سفرس مُتعلق تہٕ وۄنس ژٕ ہے زبنہٕ کانٛہہ غم تہٕ نہٕ کھۄژی زِ تِکیاٚ زِبہٕ یِمے جل جلے واپس تہٕ ژٕ بوزکھ نہٕ بادشاہ تہٕ ملکانہِ ہُند کہنی۔ یتھ اوس تِمس ٲمۍ سُند محبت۔

''یوٚت ژٕ گرٕ ھکھ بَتہِ گرٕ ھہٕ توٚ رٕ'' تِمہِ دِژ کربکہٕ ''بہٕ تٕر اوتھ نہٕ ژٕ ہرگز۔ پتہٕ سختی یِی تن یا سہوٗلیت۔ بہٕ روزٕ ژےٚ ستی۔ بہٕ چھس صرف چانہِ ستی زِندٕ۔'' تہٕ پتہٕ سپُد یہٕ طے زِ یِمہٕ دۄشوے گرٕ ھن۔

شہزادِ سُند وطن اوس سیٹھا دوٗر تہٕ اور گرٕ ھنہٕ خاطرٕ اوس سمندرس ضروری تٕرُن۔ تہٕ گرِتھ تہِ ہیوٚ ت نہٕ یِمو دۄیوٚ ژوامہِ وجہ کٕنۍ اور گرٕ ھنہٕ نِشہٕ پتھ حالانکہٕ شہزادِ اوس امہِ بروٚنہہ اکہِ پھِرِ آبس پھٹن تہِ ہیوٚ تمت تہٕ بیٚیہٕ ٲسس جہازٕ تباہ گرٕ ھنہٕ کٕنۍ گوڑنیچ زنانہٕ تہِ راٚ وٕمژ۔ تہٕ شاہزادِ اوس سمندرُک سخت خوف۔ اَتھ مُلکس یوٚت یِم گرٕ ھن ٲسۍ یژھان توٚت جلدٕ ے نیرن واٚلِس ٲکِس جہازس منٛز گرٕ ھنکھ کوٚ رِیمو انتظام تہٕ سیٹھا منصوبہٕ تہٕ وۄمید ہیتھ گےٚ یِم جہازس پپٹھ سوار۔

یہٕ چھنہٕ ضروری زِ بیٚیہٕ جہاز چہٕ تباٚ ہیہٕ ہُند یہٕ حال بیان کرنہٕ تِکیاٚ زِ یتہٕ چھ افسوٗسا زِ جہازٕ اوسنہٕ وُنہٕ پنہٕ نِس سفرس پپٹھ زیادٕ دوٗر ردژ اُمت زِ سُہ وۄل ظاٚلِم لہر وتہٕ شہزادِ، شہزاٚ دکۍ تہٕ باقے ساری مُسافر تہٕ جہازُک عملہٕ آے آبس منٛز وُ کراونہٕ۔ یہٕ اوس اکھ کرٕ وُٹھ وقت تہٕ نہٕ اوس کینٛہہ ٲچھوستی اَتھہِ یوان تہٕ نہٕ کنوٚ ستی کینٛہہ بوزنہٕ یوان تِکیاٚ زِ اَتہِ اوس راٚ ژہُند اَنہِ گوٚٹ تہٕ لہرن ہُند شورٕ شرٕ۔ پٕزبتھ کانٛسہِ اوس الگ الگ

پأٹھی باسان زِبہٕ مؤدُس تہٕ کاتھہ کربم نہٕ ماتم تہِ۔ خأر چھیکرس ننیاویہِ زِ جہازس منزٕ یم تہِ سوار أسی تِمو منزٕ أسی صِرف زٕ نفر بچیمتی تہِ یم زٕ أسی اکھ شہزادِ تہٕ بیٔا کھأی سنز مأرۍ مُنز زنانہٕ۔ برابر تِتھے پأٹھی یہِ زَن شہزادس تہٕ تِمۍ سنزِ آشنہِ سِتۍ اَمہِ بروٗنہہ سپُدمُت اوس۔ یِمن دوشوٕنی أس تِتھے پأٹھی تباہ گمتہِ جہازکین دؤن بیوٚن بیوٚن لُکرِ ٹُکرن تھپھ آمڑ تہٕ أسی دؤن دؤر دؤر جاین آبن پأنس سِتۍ پکنأوتھ تٔر أوی مِتۍ۔

شہزأدی أس آبن تِتھی جایہِ واتنأومڑ یوٚت امۍ سِندِس خانہٕ دارِ سنز گوڈنچ آشنی واتنأومڑ أسن۔ سو تہِ ژایہِ تَتھ بے پھل تہٕ پھلیہِ روٗس باغس منز تہٕ اَتہِ پتھ بہتھ ہیوٚتُن لہرِ وَدُن۔ تہٕ وُچھتو وؤنی یتھے سو باغس منز ژایہِ پوشہٕ ٹوٗری ہیتین بڈٕنہٕ تہٕ ہُرنی تہٕ گُلبن ہیٚڑن لنجہِ نیرنہِ۔ یِیلہِ بوڈ باغوان دؤیمہِ دوہہٕ صُبحس دوہدشکی پأٹھی باغس نظرِ آوسہ گوو سبٕٹھا نٔوی بامَن وُچھتھ حأران تہٕ اندازٕ اوس باسان زِ گُلبن نیرمو تہٕ کاڈتہِ کڈٕن۔ تِمۍ گُر اَمہِ دوہہٕ لوکٹین باغوانن چھٹی تہٕ فورن گوو بادشاہَس یہِ رٕژ خبر واتناونہٕ خأطرٕ۔

بادشاہ سپُد خداصأبنہِ باغس برکت کرنچہِ امہِ بیٚنہِ نشأنیہ سِتۍ خوش تہٕ باغوانس دِتُن سبٕٹھا بوڈ انعامہٕ۔ أتھی خوٚشی منز گوو باغوان واپس باغس منز۔ یتھ زِ یہِ وارٕ دُھہ ہے زِ تِسنز نے أچھن ما اوس دھوکہٕ لوٚگمت تہٕ اوٚت وأتتھ وُچھن اَتہِ بیٔاکھ زنانا باغس منز بہتھ تہٕ أمۍ سِندی پھری پھری نرمی سان پڑتھہٕ گأرکرنہٕ باوجوٗد ژھوٚنہٕ گُری تھے اوٚش ہاران۔ تِمۍ سوٚنچ پانہٕ سے سِتۍ "یہِ چھُ عجیبے یِیلہِ گوڈنچ زنانہٕ یور آیہِ گُلبن تہٕ زنڈن پھٹی بامَن تہٕ وؤنی یِیلہِ یہِ دؤیم زنانہٕ وأتتھ پیٚیہِ تہٕ پوشہٕ ٹوٗری ہُرے

تہٕ بڑے، گُلپن دڑ ایہِ لنجہٕ تہٕ بیٖیہٕ گۓ تھدی تہٕ موٗڈ۔ شاید گژھن یم سبٹھا پاکباز زنانہٕ آسنہِ توے تہٕ ہیرٕن باغس برکت سپدٕنی تہٕ اوے آسن نہٕ یمہِ مے ہتی تہٕ گتھ کران۔ یہ گتھ وننہٕ خاطرٕ گو وسہ امہِ دوہہٕ دوٕیمہٕ پھرِ بادشاہس نش۔ بادشاہ سپد یہ بوٗزِتھ خوش تہٕ فورن وونُن اَکس خدادوستس زِ ژٕ گژھ تہٕ یمن زنانن ہتی کر گتھ تہٕ ہرگا ممکن سپدی تہٕ تہندی ساری حالات کر معلوٗم۔ مگر اَمس خدادوستس تہٕ دڑ لیہ تہٕ یمن نشہِ کانٛہہ گتھ تہٕ وونُن بادشاہس زِ باغوانن یہ کینژھا یمن متعلق قیاس کوٗر تہٕ چھُ صحیح لہٰذا ادٕتن ہدایت زِ یمن گژھہِ دوہدش مُناسب کھین یُن فراہم کرنہٕ۔ نتہٕ گژھہِ خداصاب ناراض تہٕ باغ ہیٖیہِ بروٗنٛہہ کی پأٹھی ہوٗکھن۔ تتھہٕ کٕر اوس ووٗنی محل خانہٕ پیٹھہٕ دوہے کھین یِوان سوزنہٕ تہٕ باقے رنگو تہٕ اوس یمن ازأنی زنانن رٕتی پأٹھی واتنہٕ گرنہٕ یِوان۔

یہ زن وننہٕ آو یہُند خانہٕ دار یعنے شہزادٕ ووت کتھ تانی بدل جایہ یُس اکھ سبٹھا بوٚڈ تہٕ شاندار شہر اوس۔ شہرکہِ بازرِ منٛز پکان وُچھ اَمی اکھ وِدوان پنڈت اَکس باپأری ہندِس وانس منٛز زورٕ زورٕ شاستر پران تہٕ واریہہ لوٗکھ اَسی اتہِ سمتھ یم مقدس لفظ تہٕ یہُند تشریح بوزان۔ سُہ تہِ بیوٗٹھ یمنے ہتی تہٕ ییلہِ سُہ پرٕتھ موکلیاو تہٕ لوٗکھ اورٕ یورٕ دڑاے سُہ رُو دأتی تھے باپأری ہندِس وانس پتہٕ کنہٕ۔ باپأری ییلہِ راتس خاطرٕ وان بڑاوُن لوگ تہٕ یہِ ازأنی نفرو وُچھن اَتی۔ اَمس ہتی کتھ گرتھ پرٕژھنس زِ ژٕ کُس چُھکھ۔ اَمی دِتُس جواب:۔

پأٹھی باسان زِبہٕ مۆدُس تہٕ کاںٛہہ کریم نہٕ ماتم تہِ۔ خأر چھیکرس ننیاوِیہ زِ جہازس منٛز یِم تہِ سوار آسی تِمو منٛزٕ آسی صِرف زِ نفر بچیمتی تہٕ یِم زٕ آسی اکھ شہزادٕ تہٕ بیٛاکھ أمی سنٛز مأرٕ منٛز زنانہٕ۔ برابر تِتھے پأٹھی یِہ زَن شہزادس تہٕ تٔمی سنٛزِ آشنہِ سٕتی اَمہِ بروٗنٛہہ سپُد مُت اوس۔ یِمن دوشوٕنی أس تِتھے پأٹھی تباہ گمتہِ جہازکین دۆن بیۆن بیۆن لکرِ ٹکرن تھپھ آمٕژ تہٕ أسی دۆن دۆر دۆر رجاین آبن پأنس سٕتی پکناوتھ ترٛٲوی مُتی۔

شہزأدی أس آبن تتھی جایہِ واتناومٕژ یۆت امی سندِس خانہٕ دار سنٛز گوڈنٕچ آشنٕی واتناومٕژ أسن۔ سو تہِ ژایہِ تتھ بے پھل تہٕ پھُلیہِ روٗس باغس منٛز تہٕ اَتہِ پتھر بہتھ ہیۆتُن لَہرِ وَدُن۔ تہٕ وُچھتو ووٗنی یتُھے سو باغس منٛز ژایہِ پوشہٕ ٹۆری ہیٚتِن بڈٕنی تہٕ ہُرٕنی تہٕ گُلن ہیۆژن لنجہِ نیرنہِ۔ یێلہِ بوڈ باغوان دوٗیمہِ دۆہہ صُبحس دوہدِ شکی پأٹھی باغس نظرِ آوُس گو وسبٹھا نٔوی بامَن وُچھتھ حأران تہٕ اندازٕ اوس باسان زِ گُلن نیرِ مۆتہٕ تہٕ کاڈ تہِ کڈَن۔ تٔمی کٔر اَمہِ دۆہہ لوکٹین باغوانن چھٹی تہٕ فورن گو بادشاہَس یِہ رٕژ خبر واتناونہٕ خأطرٕ۔

بادشاہ سَپُد خداصابنہِ باغَس برگت کرنچہِ امہِ بێیہِ نشأنیہِ سٕتی خوش تہٕ باغوانس دِتُن سبٹھا بوڈ انعامہِ۔ أتھی خۆشی منٛز گو باغوان واپس باغس منٛز یُتھ زِ یہِ وارٕ وُچھہِ ہے زِ تِسنٛز نٕے أچھن ما اوس دھوکہٕ لۆگمُت تہٕ اوٗت وأتتھ وُچھِن اَتہِ بیٛاکھے زنانا باغس منٛز بہتھ تہٕ أمی سندی پھِری پھِری نرمی سان پرٛژھہٕ گأر کرنہٕ باوجوٗد ژھۆپہٕ گٔری تھے اوٗش ہاران۔ تٔمی سۆنٛچ پانہٕ سے سٕتی "یہِ چُھ عجیبے یێلہِ گوڈنٕچ زنانہٕ یورآیہِ گُلن تہٕ زنٛڈن پھٹی بامَن تہٕ ووٗنی یێلہِ یہِ دوٗیم زنانہٕ وأتتھ بِیێیہِ تہٕ پوشہٕ ٹۆری ہُرے

تہٕ بڑے، گُلشن دزاپہِ لنجہِ تہٕ بێیہِ گۓ تھدی تہٕ موٚنۍ۔ شاید گرٛھن یِم سبٹھا پاکباز زنانہٕ آسنہٕ توے تہٕ ہیٚرٕن باغس برکت سپدٕنۍ تہٕ اوے آسن نہٕ یِمہٕ مےٚ ژتہٕ گژھ کران۔ یہِ گژھ وَننہٕ خاطرٕ گو وسہ امہِ دوہہٕ دوٚیمہِ پھیرِ بادشاہَس نِش۔ بادشاہ سپُد یہِ بوٗزِتھ خوش تہٕ فورن ووٚنُن أکِس خدادوستس زِ ژٕ گژھ تہٕ یِمن زنانن ژتہٕ کرٕ گژھ تہٕ ہرگاہ ممکن سپدی تہٕ تہندۍ سأرۍ حالات کر معلوٗم۔ مگر أمِس خدادوستس تہِ دژ لیہِ نہٕ یِمن نِشہِ کانْہہ گژھ تہٕ ووٚنُن بادشاہَس زِ باغوانن یہِ کینژھا یِمن متعلق قیاس کوٚر تہِ چھُ صحیح لہٰذا دِتُن ہدایت زِ یِمن گژھہِ دوہدش مُنأسب کھین یُن فراہم کرنہٕ۔ نتہٕ گژھہِ خداصأب ناراض تہٕ باغ ہێیہِ بروٚنٹھی ہےٚ پأٹھی ہوٗکھن۔ تتہٕ کنٕز اوس ووٚنۍ محل خانہٕ پیٹھہٕ دوہے کھین یِوان سوزنہٕ تہٕ باقۍ رنگو تہِ اوس یِمن ازأنۍ زنانن رٕتۍ پأٹھی واتنہٕ کرنہٕ یِوان۔

یہِ زن وننہٕ آو یِہُند خانہٕ دار یعنے شہزادٕ ووت کتھ تأنۍ بدل جایہِ یُس اکھ سبٹھا بوٚڈ تہٕ شاندار شہر اوس۔ شہرکہِ بازرٕ منزٕ پکان ؤچھ أمۍ اکھ وِدوان پنڈت أکِس باپأرۍ سندِس وانس منز زورٕ زورٕ شاستر پران تہٕ وارِیہہ لوٗکھ أسۍ اَتہِ سمتھ یِم مقدس لفظ تہٕ یِہُند تشریح بوزان۔ سُہ تہِ بیوٚٹھ یِمنے ژتہٕ تہٕ یێلہِ سُہ پرٕتھ موکلیاو تہٕ لوٗکھ اورٕ یورٕ دژاے سُہ رٕو دأتۍ تھےٚ باپأرۍ سندِس وانس پتۍ کنٕز۔ باپأرۍ یێلہِ راتس خأطرٕ وان بڑاوُن لوگ تہٕ یہِ ازأنۍ نفر ؤچھن أتۍ۔ أمِس ژتہٕ گژھ کرِتھ پرٕژھنس زِ ژٕ کُس چھکھ۔ أمۍ دِیُس جواب:۔

## I

کۆڈُس بدقسمتی چھۆکنس بہٕ گرٕ دۆر
پریشان دربدر گتھ تانی شھارس
عقل عظمت مےٚ آیِم باگہِ برپوٗر
تہٕ نأیب سلطنت بِکس کارٕ بارس

## II

فراٖقکی کُنڈی ہیٚتِن یامتھ مےٚ سنٛی
تمنا گوم وُچھہکھ ٹاٹھی پنٛی
بہٕ گرشھہٕ ہا گرٕ پٔنُن ساتھاتہٕ وِنھکھ
مےٚ تقدیرس پھُلےٚ لُج نوبہارس

## III

وٕنیوم آشنٛی ژٕ روزم انتظارس
صٕبر رٕچھ رٕچھ شِلس منز نوبہارس
جُدأیی سوِر سمکھو تا حیأتی
پتو أخر چھُ اژنےٚ مرگذارس

## V

تہٕ شاہس سون نیرُن اوس ماتم
جُدا اما کانٛہہ گرِتھ ہیوٚک لول باہم
دِلن سر مستیا لوٕچ پکان گےٚ
وومیزو کاڈ کوٚڈ سأنس امارس

## VI

وۄں یامتھ سارِ سفرٕکی غم سپدی کم
بہٕ ڈیشن گرٕ پٔنُن از چشمِ پُرنم
مےٚ آسن ٹاٹھی سأری انتظارس
مسرت باگہِ ییہِ پزٕبتھ دوسدارس

## VII

خدازانان چھُ پانےٚ کیا کرُن جان
یوٚ ژھن یامتھ تُلُن اکھ واوطوٗفان
مقدر فان سپدُن تتھ جہازس
بچاؤن توتہِ اوسُس کردگارس

# IV

یہ بۆ زِتھ تورِ زن تمہِ کینٛہہ نہٕ بۆ زُن

مےٚ وۄنم شۆبہِ لاٗگِس بَس رضاروزُن

گژھکھ یوٚت توٚت بہٕ آسے ءستیٕ ءستی

لَسو یکجا، اژو یکجا مزارس

تہٕ پتہٕ وۄنُن سبٕتھے عارٕ بٕرتیٕ پاٗٹھی بڑ وۄنہہ کُن

عرض یارا بہٕ گرہے تھاو منظوٗر

وَقت بُتھی پھیٚر مےٚ سَپُدم چھس بہٕ مجبوٗر

مےٚ اتھہِ روٗٹ آیتن تھاوکھ اگر اَز

قدم ہردم وُچھکھ ثاٗبت ژٕ یارس

باپاٗ رۍ سَپُد امہِ کہاٗنی ءستیٕ واریَہہ مُتاٗثرتہٕ دِیتُنس وانس منز شوٚ نکنگ اجازت تہٕ وۄننس زِ بہٕ سوزے ژےٚ وُنی پننہِ گرِ کھین چَن۔ لہٰذا شہر شہزادن وانس منزٕ ے پننہِ خاطرِ جایہِ رژھا تہٕ باپاٗ رۍ گو وپٚنن گرٕ روانہٕ تہٕ پننہٕ نِس نوکرس دِتُن حُکم زِ ژٕ گرکھینہٕ ہنا تیار تہٕ سو وانتاو وانَس منزٕ ٹھہرِتھ نفرس۔ دۄیمہِ دوہہ صُبحس روٗٹ سوداگرن یہ شہزادٕ مُلاٗزِم تہٕ سبٕتھے عزت مند ورتاوٕ تہٕ مُناسب تہٕ فوری مَدد کرنہٕ ہِکس وعدس کوٚرن تصدیق۔ وارٕ وارٕ توٚر باپاٗ رِس یہ فکرِ زِ یہ مُلاٗزِم ہیکہِ نہٕ ژ اونہٕ یتھ تہٕ اَمس ورٲے چلی نہٕ۔ تِمۍ وۄنُس اَمس تہِ یہ۔ تہٕ ییٚہہ یہ زِمےٚ خاطرٕ چُھ یہ بہتر زِ بہٕ بناوٕ چانہِ خاطرٕ مکانہٕ تہٕ پننہٕ نِس خاندانس منز گرٕ ے رِشتہٕ۔ ژےٚ ما چھی کانٛہہ اعتراض میانہِ کورِ ءستیٕ

رِشتہٕ کرنَس منز؟ باپأرِ رؤ داَتھ معاملس پیٹھ پنٕنہِ آشنہٕ ستٕی وار یٹھس کالس زٕپٹھ زٕپٹھ تہٕ کرٕپٹھ کرٕپٹھ کتھ باتھ تہٕ صلاح مشورٕ کران۔ أکِس باپأرِ سنٕز نظرِ اوس سُہ امہِ کِس نتیجس وأتتھ۔ تِمو وۄن زِ بظاہر یُس بناوتھ أمِس وُنی کِینہہ آمُت چھ تمہِ باوجوٗد چُھ مےٚ باسان زِ أمی سنز یہِ کہأنی چھےٚ پۄز تِکیازِ أمِس چُھ علم، سمجھ دأری تہٕ ہُنر تہٕ بیٚیہِ چُھس شریف وبوہار"۔

أخرس تہٕ مون أمِس آشنہِ تہٕ یہِ گتھ آیہِ شہزادس تہٕ واتناونہٕ۔ مگر تِمی کوٚرنہٕ اَتھ بِلکل تہِ اقرار۔ جواب دیُتنس "یہِ ہیکہِ نہٕ سپدِتھ زِ باپأرِ سنٕز کورِ ہُند رِشتہٕ کیاہ پیٚیہِ تِتھس نفرس ستٕی گنڈنہٕ یُس وُنی کینہہ یۄت پَتھ پایہِ چُھ تہٕ یُس صِرف تسندِس مألِ سندِس رحم وکرمس پیٹھ زِندٕ چھ رؤزِتھ"۔

وۄں گو وکأفی زور کرنہٕ پتہٕ مون أمی یہِ مگر یتھ شرطس پیٹھ زِ سوداگر بنہٕ تہٕ تسندِس کُنہِ تہِ ساعتہٕ اتہِ نیرنَس منز ٹھوٚر۔ سوداگر سپُد یہِ سوٗچِتھ مطمٔن زِ ہرگا یہِ شخص آرامہٕ سان أکِس آرام دیٚہہ مکانس منز پنٕنہِ خۄبصورت آشنہِ ستٕی روزِ تہٕ سیٹھا مال دولت تہٕ عزت آسبس تیلہِ ہیٚیہِ نہٕ اتہِ نیرنُک تہِ ناو۔ مألی سُند گرِ گرِ گوٚھنُک تہِ نہٕ تہٕ سُتہِ ییٚلہِ تور گرِ گوٚھنچہِ وَتہِ منز تکلیف چھ۔ کھاندر سپُد تہٕ اَتھ منز آوتیُتھ ہاو باو کرنہٕ زِ سورے شہر سپُد یہِ وُچھتھ حأران۔ وننہٕ اوس یِوان زِ اَتھ پیٹھ سپُد سیٹھا رقم خرچ۔

کینژن وُرِین منز کر باپأرِ سندی کاربارن تِمی سندِس زامترِ سنٕز ہونرٕ تہٕ دانأیی کِنی تیژ ترقی تہٕ سُہ بنیاو تیوٗت امیٖر زِ تِمی سُند کاربار تہٕ دولت بنیٖہِ مُلکس منز مِثال تہٕ لۄکھ أسی ونان "فلأنی باپأرِ چھ یۄت تہٕ تیوٗت امیٖر تہٕ خوشحال"۔ مگر افسوٗس باپأرِ

سُند زامتُر اوس نہٕ مُطمٔن۔ تَس اُس تو تہِ پننہِ آبأیی وطن تہٕ تتہِ کمن لۄکن ہنز کل تہٕ پننہٕ
نِس ہیہر بابس بأوِن یہِ خأہش۔ باپأرِس گو ویہِ بۄ زِتھ دوکھ تہٕ اۄش ہاران کریانس
زور زِ ژِ ترٛاو یہِ خأہش تہٕ روزمےٚ ستی۔ مگر اَتھ دژ اونہٕ کأنہہ ترٛ تہٕ زامترٛی موٗنس نہٕ
کہنی۔ پَتہٕ وۄن اُمی پننہِ زنانہِ پننہٕ نِس اَتھ اراداس متعلق تہٕ وۄننس ژٕ روزیٚتی بہٕ یِیے
جلدٕ ے واپَس تہٕ پَتہٕ روزوأسی پانہٕ وأنی خوش پأٹھی۔ اَتھ کۄرُس اَمہِ سیٚو دِ انکار تہٕ
وۄننس زِ بہٕ ہیکہِ نہٕ خاندارس نِشہِ الگ سپدتھ۔ لہٰذا آیہِ یِمن دۄشوٕنی ہندِ خأطرٕ اُکس
جہازس منٛز جاے حأصِل کرنہٕ یتھ شہزادٕ سندِس مُلکس کُن نیرُن اوس۔ خدایس اوس
یی کرُن زِ یہِ جہاز تہِ گو وتباہ تہٕ سأری سوار تہٕ جہازُک عملہٕ گےٚ مارٕ تہٕ صِرف بچاو
شہزادٕ تہٕ اُمی سنز آشنی یِم تیٚتھے کنی اَتہِ دژاے یتھہٕ کنی شہزادٕ تہٕ تٔمی سنز و گوڈنچو آشنہو
جہاز چو کھنجو ستی کۄرمُت اوس۔ واون تہٕ لَہر ونیٚو شہزادٕ اکہِ لنہٕ تہٕ تٔمی سنز آشنی بییس
طرفس۔

یہِ چھُ حأرتس لایق وَنُن باسان زِ یہِ زنانہٕ تہِ واتےٚأ تٔمی ہچہِ تختن تور یتھ تَس
تھُس اُس آمُت تہٕ یوٚت شہزادٕ سنزِ گوڈنچہٕ زنانہٕ واژمژ آسہٕ تہٕ وۄنی ژھوپہِ کرِتھ
مغموٗم پأٹھی بہتھ ماتم کران آسہٕ۔ یہِ ترٛ یِم زنانہٕ تہِ ژلیہِ تتھی باغس منٛز تہٕ بیٚٹھ تِمنے
لرِ۔ تہٕ کمال چھُ زِ یتھے سو ژلیہِ تہٕ کلین لُج پھلے تہٕ لنجن دژاو پَن تہٕ بدلیاو باغک
نظارٕ ے۔ وۄنی اوس یہِ اُچھن خوش کران مُشک اوس ژھٹان تہٕ اَتہِ اوس شُہل
استقبال کران۔ دۄ یِمہِ دوہہٕ صُبحس ییلہِ یوڈ باغوان باغس نظرِ آو تَس آیہِ نہٕ پَتمن
اُچھن پیٚٹھ پزٕ ہے۔ یہِ اوس پزنہٕ پیٚٹھی رُت باسان زِ پیٚتی کأکی کر وۄنی خدا صأب

باغس برکت۔ باقٕے لوکٹین باغوانن تہٕ مزدٗرن دوٗ پُن توٗہی نیرِ وازٕ سُلے تہٕ پانہٕ گود
فورن بادشاہَس یہِ رٕژ خبر واتناونہٕ خاطرٕ۔ بادشاہ سپُد سیٹھا خوش تہٕ دِتِن باغوانس امہٕ
پھرِ تہٕ کینٛہہ موٗلٕلی تحفہٕ۔ پرٛانی پاٹھی گوو بوڑ باغوان بیٛیہ اکہِ پھرِ یہِ خوٗبصورت نظارٕ
وُچھنہِ۔ تہٕ وُچھتو ووٗنی اَتہٕ وُچھِن ہُمن دوٗن زنانن ستی بیاکھ زنانا بہتھ وَدان۔ تُمی
سوٗنچ پانٕسے ستی "یہوے چھُ امہِ بچہِ برکتُک ہُند وجہ۔ یہِ چھےٚ بیاکھ پاکیزٕ زنانہٕ یوسہٕ یور
چھےٚ آمژ تہٕ اُمی ستزٕ پاکبازیہِ کِنی چھُ خداصابُن توجہ خاص پاٹھی یورکُن گومُت۔ سُہ
گوو تہٕ ووٗنُن یہِ بادشاہَس تہٕ بادشاہَن دِتُس حکم زِ اُمِس تلی زبنہٕ ووٗنی سوال کٔرِ کٔرِ
تفریق بلکہِ دِس کھیٚن چَن، پلو پوشاک تہٕ تمام ساری چیزٕ یم اُمِس ضرورت آسن۔

شہزادِ یعنے اُمی سُند خانہٕ داراوس کتھ تانی زوٗدِس پیٹھ ووتمت یُس پُراسرار تہٕ
غارٕ آباداوس۔ رٕژھا آرام تہٕ نِندٕر کرنہٕ پَتہٕ دژ او شہزادِ اَتھ جایہِ نظر ادِنہٕ تہٕ کیٚہ کاٗلِ ژاد
اُکِس بُڈِس تہٕ وُٹھی وُٹھی زنڈن ہندِس جنگلس منز بیٛیہ سُہ بیٛیہِ پتھرٕ بہتھ پَنہٕ نِس
قسمتس پیٹھ ماتم کرنہِ تہٕ وَدنہِ لوٚگ۔ تُمی دِژ کر بکہٕ بہٕ کمہِ وجہ کِنی لوگنس خدا ینیتھ
تاوٕنس؟ تُمی کیا زِبنا ومیانی زندگی یِژھ عذاب تہٕ بہٕ چھس مرنٕے یِژھان؟ مے ما چھ
کھاندر کرنہٕ کِنی گوناہ کوٚرمُت کِنہ بیٛیہ کینٛہہ؟

اَتھ جنگلس منز اُس نہٕ کانٛہہ زوٗذاتھا نظرِ گژھان نہ کانٛہہ انسان تہٕ نہ کانٛہہ
جانوٗرٕ ے۔ کینژٕ کاٗلی باسیاو اُمِس زِندٕ روزُن تہِ برداشتہٕ نبر۔ شہزادن تژ وو پھرِ
پھرِ مرنہٕ خاطرٕ پان۔ اُخرس ووت سُہ اکِہ دوہہٕ جنگلہٕ کِس ہیرِمِس حصس منز
پھیران پھیران اُکِس گوپھہِ نِش تہٕ اَتھ گوپھہِ نِشہٕ وُچھن اکھ زنانہٕ بہتھ۔ یہِ اوس

عجیب۔ أمؠ سۆنچ ''یقیناً ہیکہِ نہٕ یہِ کانٛہہ عام زنانہٕ أستھ تِکیازِ سو ہیکہِ نہٕ ییتہٕ روٗزِتھ۔ یہِ گرٛشھہِ کانٛہہ دیوی یا کانٛہہ خاص پارسا زنانہٕ آسنۍ''۔ سُہ گووٚبیٚیہِ ہٮ۪ن نکھہٕ تہٕ زنانہِ ییٚلہِ یہِ وُچھ تہٕ تمہِ ہیوٚت وَدُن۔ ''بہٕ آسے ژٕ سہوٗلیت نہ زِ کانٛہہ تکلیف واتناونہٕ خاطرٕ'' بیٚیہِ ووٚنُس یوٚت واتان واتان آے مےٚ سبٹھا مُشکل تہٕ وارِیہہ خطرٕ بُتھہِ''۔

یہِ بوٗزِتھ ووتھرووٚ أمہِ زنانہِ اوٗش تہٕ وُٹھہٕ کُمجار گرِتھ ووٚنُس وولہٕ بیہہ مےٚ نِش۔ بیٚیہِ دِتٕنس رُت کھٮ۪ن تہٕ ترٛیش ہوٚ مراونہٕ خاطرٕ سبٹھاہٕ ژرٛبت۔ پتہٕ پرٛژھنس زِژٕ کتھہٕ پأٹھۍ ووتکھ یور تِکیازِ یہِ چھےٚ أکِس جِنہٕ سنز روزن جاے یُس مَردن کھو زنانن تِتھے پأٹھۍ کھوان چھُ یتھہٕ کنۍ ژٕ مےٚ بروٚنہہ کنہِ یہِ کھٮ۪نہٕ ہٮ۪ن کھوان چھکھ۔ توے تہِ وُچھتھن نہٕ ژےٚ یتھ گوپھہ تانۍ واتان واتان کانٛہہ زُوذاتھ نہ کانٛہہ اِنسان تہٕ نہ جانور۔ افسوٗس سأری مأرِکھ تہٕ نِنہِ گأ وِ اَمؠ جِنن۔ بروٚنہہ کُن ووٚنُس أمہِ زنانہِ ''یتھ روٗزِس بہٕ۔ بہٕ چھس أکِس بادشاہٕ سنز کوٗر تہٕ تمۍ جِنن واتناوٕس یور یٚیمۍ گوڑٕ مےٚ کھٮ۪نُک ارادٕ کوٚر مگر پتہٕ بدلوٗون یہِ وُچھتھ اِرادٕ زِ بہٕ ہیکہِ أمؠ سنز خوشیوٗ تہٕ بأج بٔنِتھ تہٕ کرنس بہٕ پننۍ بیگم مُقرر۔ امہِ کھوتہٕ اوس بہتر اگر أمؠ بہٕ مأرِ ہے آسہٕ ہاو۔ وُنۍ کٮ۪بس چھُ سُہ کوٚت تانۍ چھاپہٕ مارنہِ گوٚمُت تہٕ شامس واتہِ ضرٗور واپس۔ واے۔ ہاے میانہِ خدایہ۔ اَمہِ پتہٕ ہیوٚت أمہِ سخت وَدُن تہٕ بڈٕ مُشکلن مأنۍ رأ وسو شہزادن پننۍ بُتھ تھوٚو دٕلنن تہٕ رٕژرٕچ وومید کٔرنۍ۔

تمہِ ووٚنُس ''مگر ژٕ تہٕ وَن پننۍ کتھا۔ ژٕ کُس چھکھ؟ کتہٕ پیٹھہٕ آکھ؟ یور کتھہٕ

ٲکنۍ ووتکھ ؟ تہٕ مےٚ وَن وٕلی وٕلی یُتھ مےٚ چانہِ حاژیچ پتاہ لگہِ تہٕ ژےنہٕ سِندِ یور واتنہٕ برونہہ بہٕ ژ کُنہِ جایہِ کھٹتھ تھاوَتھ۔ ہرگا ژٕمس چانٛی ژھاے تہٕ گرٕشھہِ ژٕمس ییہِ بوٗچھہِ ووٚتلتھ تہٕ ژھنی ژٕ ے کھبتھ۔ یِنہٕ ژ کُنہِ طریقہٕ ژلنٛگ سوچکھ۔ ہرگا ژٕ ے واریہن نفرن ہُند یوت طاقت آسی تہٕ جاناوار سِندی پاٗٹھی وُڈِتھ تہِ ہیککھ تہٕ گرِتھ تہٕ ہیکِکھ نہٕ أمِس بلایہِ نشہِ ژٕلِتھ یُس وٕریچ وَتھ دوہَس منٛز چھ طے کران۔

لہذا اوٗن شہزادن تہِ وٕلی وٕلی پٔژن گدرُن۔

**I**

کوٚڈُس بدقسمتی چھوٚکنس بہٕ گرِ دوٗر
پریشان دربدر گتھ تانی شہارس
عقل عظمت مےٚ آیم باگہِ برپوٗر
تہٕ نأیب سلطنت ہِکس کارِ بارس

**II**

فراقکی گُنڈی ہیٚتن یامتھ مےٚ ستی
تمنا گوم وُچھہکھ ٹاٹھی پٔنی
بہٕ گرشھہٕ ہاگرِ پٔژن ساتھاتہٕ وُنہکھ
مےٚ تقدیرس پھلے لج نوبہارس

**III**

یژھن میونٛ خداین کوٚر نہٕ منظوٗر
مےٚ ترٛہن ساتن وُچھم بتھ موتہٕ نے پوٗر
ولیکن آیہِ ترٛییہِ پھرِ وَتھ مےٚ تارس
کُنے زوٗن پیوٚ پٔژن کھکھران بیمارس

**IV**

مگر از تانی تہٕ چُھم سُے دَے مہربان
ژٕ ے نِش اوٗنس تہٕ کوٚرنم بارِ احسان
أنتھ لرِ لوٚر بہٕ تھوونس گلعذارس
تہٕ ترٛوُن بار زیادے کامگارس

زنانہِ بوٗژُس تہٕ جل جلے ووٗننس زِژِ اژمےٚ پَتہٕ پَتہٕ گوپھہِ منٛز ییٚتہ بہٕ ژ کھٹتھ تھاوَتھ۔ تمہِ بوٚزُسہٕ أکِس مضبوٗط صندوٗقس یُس گوپھہِ ہِندِس أکِس أندرِمس

کۆنس گُن تھاونہٕ اوس آمُت۔ اَتھ کوٗرن قُلف تہٕ خدالیس گُن کوٗرُن دُعازِ یِمس کرتہٕ رٲچھ۔ شامس بأ گر ہیوٗ آوٕ جن تہٕ تھوٚ کُمت آسنہٕ کِنہٕ تر اوبن پُتھرِس پیٹھ بجہٕ زٕ زنگہٕ ؤہرِ تھ ییلہِ زَن زنانہٕ اکہِ پیٚتر دارسیکہٕ ٹکرٕ ستی اَمِس دَندن خلال لوگ کرُن یِمن منٛز ماز کھنجہِ تہٕ اَڈِ کر جِہ بندآسس گمُت۔ نزبن زنگن کرُنس مأرلِش تہٕ پھشا گشا کرِتھ سلبوٗن۔ یہِ اوس قسمتھے زِتمہِ رأ ژ اوس جن خوش مزاج۔ زنانہٕ ووٗن پانسے ستی شکر تہٕ لچھہٕ بوٚ دشکر شہزادِ ژلہِ اَزراتھ کیٚتھ۔ مگر افسوٗس تمس یتھے یہِ ووٚمید وتلیہ تہٕ جنس آیہِ پننہِ تیز مُشکہٕ کِنہٕ گوٚ پھہِ منٛز آدِ رِ بوے تہٕ ووٗنُن:۔

اِنسانا چھُم بیٚتہٕ باسان
ؤلی ؤلی کونہٕ چھُم بُتھ ہاوان
اَتھ دِتُس یورِ زنانہٕ جواب
ٲلی کیاز، چھےٚ یژھہٕ کتھہٕ پھوران
یوٚت رِکتھہٕ وأتتھ ہیکہِ اِنسان

مگر جنس اوس امہِ کتھہِ ہُند پوٗر یقین تہٕ ووٗنُن:
مُشکس میأنِس شک مےٚ کر
ؤلی ؤلی ژھانڈُن چھی بہتر

شہزأدی گابریہ تہٕ دِتُنس جواب:
مےٚ کُس طاقت بناوَن گرٕ بہٕ انسان
لُن پانسے گرِتھ کیٚھہٕ شے بہٕ باسان

بیٚیہٕ ووٚننس:

بہٕ أ ٔسس ذٕہی دوٚہس یَتھ جاییہِ روٗ زِتھ
نہ ڈیوٗٹھم جانہٕ وارا نَے مےٚ انسان

یِمو جوابو کنِ کھوٚت جنس سخت شرارت ییمہِ کنِ أمی ژکھہِ ہٕتی تہٕ خوفناک
شکلہِ ووکھہٕ پأٹھی أچھ ژناوان نظر گرس تہٕ ووٚننس:

ییٚتی أندی یکی چھ کانٛہہ اِنسان روٗ زِتھ
لَبن وٕنی آسہِ بیٚتہِ سُے ژوٗرِ روٗ زِتھ
کَڈے مِنٹن اندر زُو گرٛ ھ ژٕ بوٗ زِتھ
اپُز مَے چھکھ ونان مےٚ ستی روٗ زِتھ

أمی سٕۄز وخوفناک نظروتہٕ کتھو کنِ لیٚد رِژھٹھ پھیر تھ تہٕ تھرِ تھرِ ؤتھتھ ووٚنُس
امہِ بچارِ زِ ژےٚ میوٗلُے نا أز سبٹھا شِکار تہٕ توے چُھہن کانٛہہ اِنسان کھیٚون یژھان۔
أتھ پیٹھ ووٚنُس جنن مےٚ چھنہٕ بوچھہِ مگر مےٚ چُھ یقین زِ گوپھہِ منٛز چُھ کانٛہہ اِنسان تہٕ
توٚت تانی ہیکہٕ نہٕ بہٕ سوکھہٕ روٗ زِتھ یوٚت تانی نہٕ بہٕ یہِ لُبتھ کڈن۔ شہزأدی أس زرد یمٕژ تہٕ
سأری ہے پأنس أ ٔسس ترٛ ٹھ تھرِ زِ مُشکل نِے پھوٗرس زیوٚ زِ ممکن چھ ژٕ ے آسکھ
یوٚ زونان سیٚلہِ ژےٚ یوٗت یقین چھے تیٚلہِ دِمہٕ بہٕ پزٕ بتھ کوٚنس تہٕ وُلس ژھأنڈتہٕ
چھکرس یوٚت پھیری پھیری ژھأنڈ دِتھ یتھ دوران جن بے صبری سان پزٕ اران اوس
تہٕ ووٚنی گوڈٕ ڈاکراوس ترٛ اوان تہٕ پتہٕ تتھہٕ پأٹھی ژاس کران زِ یہ گوپھ تہٕ أس شورٕ ستی
الان باسان آو گوپھہِ ہٕندِ أنتھہِ پیٹھہِ صندوٗقہ منٛز اکھ نفر کڈنہٕ۔ یام شہزادِ تَس کُن پکان

اوس ژِن اوس وہ تلان بوڈ ان ہیؤ "ہمہ - ہا- آ - مے اوس پتاہ"

شہزادس آو وَننہٕ زِ بیہہ پتھر تہٕ وَن ڈلیل تہٕ تمو ووٗن تتھہٕ کنۍ کُنہٕ خوفہٕ تہٕ کھوژنہٕ ورأے زِ ژِن سپُد اُمس پٹھ خوش۔ ژِنہٕ سند مزاجہٕ خوشی سۍتی ہمت ہُرِتھ ووٗنُس شہزادِ تہٕ اَتھ معاملس متعلق پوٗ زپوٗ زبیان۔ زِ کتھہٕ کنۍ اوس شہزادِ جہاز تباہ سپد نہٕ پتہٕ اَتہِ ہٹرِ ہٹرِ پھیران تہٕ تمہِ کتھہٕ کنۍ اوس عار تہٕ تھ اُمس گوپھہِ منز روزنہٕ خاطرٕ ووٗنمت۔ اَمہِ پتہٕ کوٗ راَمہِ ژِنس زار پارٕ زِ اُمس سۍتی متہٕ کرتہٕ کینٛہہ تہٕ دِتس پٔتی روزنہٕ تکیا زِیہِ اُس پانہٕ تہٕ وقس کُنی زٕنی تہٕ مغمؤم روزان۔ اَمہِ ہُر یمانہٕ چھ یہِ شخص ہُنر مند تہٕ گاٹُل تہٕ ژِنس تہٕ کرِ وفادأری سان خدمت۔ ژِنن مون تہٕ ووٗنکھ زِ توٗ ہی دہ نوے مَہ کھوٗ ژِ ومے تکیا زِ مے گرژھنہٕ شہزادس ہیوٗ اُڈی جہٕ ترٛنگر کھنٛک زانہہ شوق۔ یہِ بوٗزِتھ ہیوٗٹھ شہزادِ ژِنس نکھہٕ پہَن تہٕ لأ گن اُمس زنانہِ سۍتی ژِنہٕ سند بن اُتھن تہٕ کھورَن پھش تہٕ موٗٹھ دِنی تہٕ ژِن گو وأمس وارَے خوش تہٕ تتھہٕ کنۍ روٗ دووٗنی شہزادِ گوپھہِ منز تہٕ گوس شہزادِ ہُند محبت زیادٕ زیادٕ ہُران تہٕ شہزادِ تہٕ روٗ دأمی سُند لول زیادَے گنان۔ تتھہٕ کنۍ روٗ دی دوہ خوش پأٹھی گذاران۔ پرٛتھ دوہہ صُبحأے اوس ژِن شکارس نیران تہٕ شہزادس تہٕ شہزادِ کُنی زٕنی اُتی ترٛ اوان تہٕ پرٛتھ دوہہٕ شامس واپس تتھ اُسس یم خدمت تہٕ خوشامد کران۔

سُہ اوس یُتھ پأٹھی پانس سۍتی کمیاب موٗ، قیمتی جوٗاہرات یا تیٛتھ کانٛہہ چیز اَنان یہِ شہزادِ یا شہزأدی وَننہِ ہیس یا تیٚچ یمو خاہش آسہِ ہے کرٕہس۔ ووٗن گو وتہٕ اُستھ تہٕ اوس ہمیشہ یمن یہِ خوف روزان زِ ژِن گوٗ ژھنہٕ کُنہٕ وِزِ شرارتس منز یا مژرس تتھ یمن کھبتھ

ژُھنن امہِ کِنِز اَسی یم تیُتھ کینْہہ سوچان ییمہِ کِنِز یم أمِس نِشہِ پانس تھپھ ہیکہِ ہن ٹلنأوِتھ۔ کہِ کالِہ تو ریمن فِکرِ زِ طاقتہِ کِس بل بوتَس ہکھن نہٕ یم أمِس زیرِ کرِتھ تہٕ ہرگاہ یمن یہِ کرُن چھ تیلہِ چھ أمِس تیُتھ ژھل گرُن ییمہِ کِنِز یہِ یمن پننہِ زندگیہِ ہُند راز وَنہِ۔ أمِ سُند یہِ زبردست طاقت گتھ منز چھ۔ لہٰذا کوٚ ریمو یہِ اِرادٕ زِ ممکن ہے گووتہٕ یہِ چیز گروحاصِل۔ شامَس بأ گی ییلہِ یم جنس دندن خلال تہٕ نَرٕبن زنگن مأرِلِش اَسی کران شہزأدی پیٹھ أمِس نِش تہٕ اچانک لوگُن وَدُن۔

جِنن ووٚنس "میانی ٹاٹھی۔ ژٕ کیازِ وودان؟ مےٚ وَن ژےٚ کیاہ تکلیف چھےٚ تہٕ یوٚتاہ مےٚ طاقت چھ تمہِ کِنِز کرٕ بہٕ سُہ دوٗر"۔ یہِ ونان أنی أمِ یہِ پانس کُن تہٕ رٔٹن پانس ستی۔

تمہِ ووٚنس "بہٕ ہیکہٕ نہٕ ژےٚ پننی ساری خیال بأوِتھ۔ مگر منزی چھ مےٚ خوف گژھان زِ ژےٚ گوٚ ژُھہ نہٕ کانْہہ مأرِتھ ژُھنُن تہٕ اَسی گژھو پَتہٕ کُنی زٕنی کانْسہِ دوستس تہٕ سوچھ کرن وأرِلس ورأےٚ یتھ الگ کُن گوپھِہ منز۔ پَتہٕ چھ اَسہِ فاقہٕ پھرِ مرُن۔ تکیازِ اَسہِ کُس اَنہِ پَتہٕ کھبن؟ پیٹھہٕ چھکھ ژٕ اَسہِ پیٹھ سبٹھا رُت اَسہِ چھکھ سارِوِےٚ کھوتہٕ اصل کھبنہٕ چیز سولبہِ سولبہِ تھاوان تہٕ سأنی پٕرٕبتھ کانْہہ خاہش چھکھ پوٗرٕ کران۔ سأنی دِل چھ چأنِس دِلس ستی وأٹِتھ۔ اَسی کیاہ کرَوتہٕ اَسی کِتھہٕ کِنِز روزَو زِندٕ ہرگاہ ژٕ مارنہٕ آکھ یا اَسہِ ژٕ راوَکھ؟

یم لفظ بوٗزِتھ کوٚر جِنن کُھلہٕ دِلہٕ اَسُناتہٕ جواب دیُتُنس زِ بہٕ مرٕ نہٕ زِہے۔ کانْہہ طاقت ہیکہِ نہٕ مےٚ مقابلہٕ کرِتھ۔ وقت ہیکہِ نہٕ مےٚ بُڈرأوِتھ۔ بہٕ روزٕ ہمیشہ

مضبوط تہٕ ہمیشہ جوان تِکیاز ِ یتھ منز میانٕز زندگی چھےٚ تہٕ حاصِل کرُن چھُ سارِوے کھوتہٕ مُشکل بامے امیُک پَے تہِ آسہِ کانٕسہِ ۔ یہوے اوس سُہ جواب یوسہ یہ زنانہٕ کانچھان اُس تہٕ امہِ کِنز سبٹھےٚ موٗ دریار تہٕ لولہٕ سان وُٹھہٕ کُمجار کرِتھ کوٚر تمہِ خدایس کُن شکر زِ جنہٕ سنز ِ حفاظتُہ ہُند میوٗل اُمس یقین تہٕ امہِ پتہٕ کوٚر نس زور زِ مےٚ وَنتہٕ سُہ کیاہ چیز چھُ ۔ جنس گووبہٕ کانہہ شک تہٕ وُنس زِ گوپھہِ منز چھُ اکھ پیٹھ (تختہٕ) تہٕ ہُتھ کُلس پیٹھ اکھ مانچھ گن ۔ اُمی وُن پیٹھک امہِ کِنز زہرگا کانٕہہ اَتھ پیٹھ بیہہ تہٕ پتہٕ سُہ یا سو کُنہِ تہِ جایہِ واتنچ خاہش کرِ یہِ واتناوِنس تتھ جایہِ ۔ مانچھ گنک وُنُن امہِ کِنز زِ ہرگا کانٕہہ اَتھ کُلس گھسہِ تہٕ مانچھ تُلرِ بن ہنزِ مُلکانہِ اُتھی منز رَٹہٕ تیلہِ مرِ یہ ۔ جنن تِکیاز ِ میوٗن زُو چھُ اُمی سےٚ مُلکانہِ منز ۔ وُن گوو مانچھ گنس منز چھےٚ وارِیہہ تہٕ خطرناک مانچھ تُلرِ تہٕ ہرگا کانٕہہ شخص یژھ کوٗشش کرِ تمس چھُ سبٹھے خطر ۔ جنن وُنُس امہِ ہُریمانہٕ ''لہٰذا توٚ ریہِ ژےٚ یہِ فکرِ ۔ ژِ چھکھ کُنہِ وجہ روٗستے ودان ۔ بہٕ مرِ نہٕ زانٕہہ''۔

پتہٕ کوٚر امہِ زنانہِ خوٗشی سان وُٹھہٕ کُمجار تہٕ جنس وُنُن بہٕ چھس سبٹھا شکر گُذار تہٕ یمہِ پیور روزِ بہٕ وُنی اطمنانہٕ سان دوہس خوش تہٕ راتس تمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ خوش یلہِ یہِ واپس آسہِ واتان ۔ بہٕ چھس خوش زِ ژےٚ وُنتھ مےٚ پیٹھک تہٕ مانچھ گنک تہٕ یوٚ دوے یمن ہنزِ حفاظتُہ ہُند کانٕہہ معموٗلی خوف تہٕ چھنہٕ تہِ کرِتھ تہٕ گژھہٕ بہٕ یمن خاص پاٹھی رٲچھ کرنس پیٹھ یہِ ژیتس پتھ سبٹھا خوش زِ چانٕز ٹاٹھ زندگی چھےٚ یمنے منز ۔ بیٚیہِ تہٕ کینٕہہ کتھا باتھا کرِتھ کوٚر ریمو سارِوے شوٚنگنک سنز ۔

دوٗ یمہِ دوہہ صُبحس دژ اوودہ ہدش کی پاٹھی جن تہٕ دُپہر بروٗنٹھے کوٚر شہزادن تہٕ

شہزادٕ تٔمی سندِ مَرنُک پوٗر انتظام۔ شہزادس اُس یہِ کأم کرٕنۍ۔ تٔمۍ وۄل تالہِ پیٹھہٕ کھورن
تازٕ پۍتَن یان پوٗر پأٹھۍ۔ اُچھو ورأے وۄلُن پزٕ بتھ کانٛہہ حصہٕ ٹھیک پأٹھۍ۔ امہِ
خأطرٕ کڈن تتھ کپرس منٛزٕ اکھ زأوِج ترٕیُس اُمی گلس وۄل۔ یتھہٕ کنۍ تیار سپدتھ بیوٗٹھ
یہِ پیٹھس پیٹھ تہٕ جلدٕے ہیوٗتن گلِس کُن ہوہَس منٛز وُڈُن۔ یہِ اوس اکھ پُرجوش
زِیُہا ییلہِ اُمی مأنٛچھ گنس ٹاس دِنہٕ خأطرٕ لوٗرُ تُج۔ باسان اوس زِ ساسہٕ واد مانٛچھ تُلرِ
دزٕ آیہِ اُمِس حملہٕ کرنہٕ خأطرٕ نبر۔ مگر یہِ اوس پوٗر پأٹھۍ ژٕلتھ تہٕ صِرف اوسُس اُچھن
ہُند خیال تھاوُن۔ اُمی سُند مقصد اوس تُلر بَن ہنز ملکہ رٔٹٕنۍ تہٕ یہِ موچھہِ مُرنۍ مارٕنۍ تہٕ
یتھہٕ کنۍ پیہِ ہے بِجن ہنز زندگی موچھہِ مُرنہٕ ختم کرنہٕ۔ یہِ سپُد کامیاب تہٕ یتھے اُمی یہِ
بےزُو مانٛچھ تُلرِ دأرِتھ دِژ تہٕ تیٚتھے پیوٚ بِجن وٕٹسی پل ہیوٚ ٹاس کرِتھ تیوٚت زورٕ پتھر زِ
اَندی یکی سوٗرٕ زمین اکیٛا وامہِ ستۍ۔ شہزادٕ آو پیٹھس پیٹھ گوپھہِ کُن واپس تہٕ شہزادِ
کوٚرُس سبٹھاہ شاندیانہٕ کرِتھ استقبال تہٕ مُبارک۔ توتہِ اوس تٔمن خوف زِ یُس اکہِ اکہِ
تٔمو ژیوٚن سُہ ماوس بۍٹِل تہٕ بنان چُھ بِجن ما اوس ییمن اپزے وۄنمت تہٕ یہِ ما
واپس یِتہٕ ووت شام تہٕ پتہٕ راتھ۔ کانٛہہ بِجن آو نہٕ تہٕ یتھہٕ کنۍ بیٹھ تٔمن پزٕ زِ دُشمنس
نِش ژٕ ژھ آسہِ تھپھ تہٕ سُہ خاص خزانہٕ سوٚمبرتھ یُس گوپھہِ منٛز اوس پیٹھی ییم دوٚنوے
پیٹھس پیٹھ تہٕ وأتۍ ییم جلد میلہٕ واد دوٗر تتھ جایہِ ییتہِ بِجنہٕ ہنز شٕشٹھیرٕ لاش واریہہ
زانٛٹھس زمینس پیٹھ کاڈ کڈِتھ اُس۔ یہِ وُچھتھ گوو ییمن وارٕ یقین تہٕ شہزادن وۄن
پیٹھس زِ آسہِ واتناوتو ریتہِ میانہِ ترٕے زنانہٕ زِندٕ یا مورٕدٕ چھے۔ پیٹھ وُپھیاو تہٕ فورن
وٕتھۍ ییم بادشاہ سندِس باغس نکھہٕ پتھرِس پیٹھ۔ شہزادٕ ووتھ جلدٕے پیٹھہٕ پیٹھہٕ تہٕ شہزادِ

وۄنُن بہٕ ییمے جلدٕ ے واپَس تہٕ ژٕ رۄزی زِیٚتی۔ سہٕ اوس تہٕ دُنہٕ زیادٕ دۄر گوٚمُت زِاکھ وہترل کیوٚ ما آوۄ ڈان وُڈان تہٕ دِژِن اُمس ٹو پھ تہٕ اَمی وِزِیٚریہ اُمس میٚنڈی بمأری۔ وۄنی کیا گرِ ہے یہِ؟ امہِ شرمہٕ کٔر ہیوٚ کنہٕ یہِ پیٚٹھس نَش واپس وأتتھ۔ شہزأدی رۄز پیاران یوٚت تانی تَس وۄنی صبر تہٕ رۄدنہٕ امہِ پَتہٕ وۄنُن پیٚٹھس تہٕ وأتریہ باغس منٛز تہٕ ۄژھ برابر تُتھی جایہِ بیٚتہِ شہزادٕ سنٛز ترٛے زنانہٕ دوکھہٕ ہٕژ تہٕ ژھوپہٕ کٔرتھ آسہٕ بہتھ۔ امہِ تہٕ وۄن نہٕ کہنی مگر صرف پھٹے لٔہر ودان۔ ییمہِ وِزِیٚریہ باغس منٛز ژلیہِ تہٕ پھلے اُس برستہٕ تہٕ سبٹھے مُشک اُس ژھٹان تہٕ کلی اُسی وۄنی موٚوستی ترٛستھ زِتم اُسی مُشکل نےٚ وودنہٕ ۄرِتھ۔

دۄیمہِ دوہہٕ صُبحس ییلہِ بوٚڈ باغوان دوہدشکی پأٹھی نظرٕ آوتہٕ اَتہِ وُچھن تیتھ نظارا یُتھ نہٕ اُمی زانہہ توقیہ اوس کوٚرمُت۔ اُخرس اُسی پوش برستہٕ تہٕ کلی اُسی سبٹھے شاندار موٚوستی بٔرتھ تہٕ یُتھے اُمی یہِ شیٚچھ بادشاہَس واتناونہٕ خأطرٕ اَتہِ نیرُن ہیوٚت تہٕ اُمی وُچھ اَتہِ بیا کھ زنانا بہتھ تہٕ وَدان۔ اُمی پرٛژھ اُمس زِ ژٕ کوسہٕ چھکھ تہٕ کتہٕ پیٹھہٕ آیکھ مگر اُمی سِندِ اُسہٕ منٛز دژ اونہٕ اوٚرٕ کانٛہہ لفظ۔ لہذا ووٚن اُمی بادشاہَس "بوز۔ اے بادشاہ ژٕ ۄرِم زنانا چھے شأہی باغس منٛز ژامٕژ تہٕ یہِ چھ وۄنی بلکل ٹھیک۔ تۄہی ہرگا پیٚژھوتہٕ اَتہِ کٔری تۄ نظارا۔

بادشاہ سپُد پزنہٕ پیٹھی خوش تہٕ دُژھہِ دوتھ تہٕ دژاوبٔڈس باغوانس ستی ہیتھ باغس کُن۔ اور وأتتھ وُچھ اُمی ییمہٕ ژور زنانہٕ تہٕ پرٛژھن سارِنے سوال مگر کانٛسہِ وۄنُس نہٕ اکھ لفظ تہٕ جوابس منٛز پَتہٕ دژ بادشاہن باغس نظرا گنذراتہٕ آووٚاپَس محل خانہٕ

تہٕ اتہٕ وۄنُن مُلکانہٕ یمن اجنبی زنانن مُتعلق یِم اور آمژٕ آسہٕ۔ تَس وۄنُن زِژ گژھ صُبحس تورتہٕ تِمن ستی کَر گتھ ممکن چھُ تِم ماگرن پننہٕ ذأ ژھنزٕ ستی گتھ تہٕ ژٕ چھکھ ملکہ۔ صُبحس کیُتھ گیہٕ ملکہ تہٕ سارِنے ستی کرن نرمی سان گتھ مگر یِمو منزٕ دِتُس نہ کأنسہٕ اکہ جواب۔ تہٕ أمی سندِ اورٕ تہٕ گتھ کرنہٕ ستی سپُد پتے زِ یِمو وۄ دزیادے۔ ملکہ تہٕ توگ نہٕ کہنی بوزُن تہٕ فکرے تو رُس نہٕ یمن مُتعلق کینہہ۔ تمہٕ وۄن ''بے شک چھے یِمہٕ پارسا زنانہٕ نتہٕ گرِ ہے نہٕ خدا اصأب باغس تتھٕ کنی برکت تہٕ یوٗ ہے چھُ امہٕ گتھہٕ ہُند اِشارٕ۔ نتہٕ ماچھُ یمن کأنسہٕ بلایہٕ پھند گرِتھ دھوکہ دِتُمت یا ما آسکھ کانہہ ٹوٹھ گنذ ریوُمت۔ یہٕ ہیکہٕ نہٕ امہٕ کنہ أستھ زِ یِمہٕ کیاہ چھے پننہٕ نو گونہوٕ کنی وَدان۔ ممکن چھُ بادشاہ ہرگا کأنسہٕ سبٹھہے پارسا شخصس یمن نشہٕ سوزِ تہٕ یمن تَس منز رُوٗچ قربت وَنہٕ پیہ تہٕ ممکن چھُ تَس ستی گرن یِمہٕ گتھ''۔ بادشاہن مون یہٕ تہٕ تُتھے اکھ پارسا شخص آو سوزنہٕ۔ مگر سُہ تہٕ آو پھیرتھ تہٕ وۄنُن زِ کرِ تہٕ ہیچ نہٕ یمن نشہٕ کانہہ کتھ کڈِتھ۔ پتہٕ کرنو بادشاہن اعلان زِ تِمس شخصس پتن بڈی بارٕ انعام تہٕ تحفہٕ دِنہٕ یُس یمن زنانن گتھ کرناوِ۔

شہزادس اوس پتھٕ پأٹھی میوٗ نداگا دِگوٗمُت تہٕ أمِس کُن وُچھنہٕ تہٕ أس دِنن گرژھان أکر تہٕ بۄ زیہٕ شأہی اعلان تہٕ أمی پرٕ ژھ أکس نفرس یُس اتفاقن لأرٕ پکان اوس۔ ''یہٕ چھا بوٗز؟'' تِمی وۄن ''بہٕ کرناوَکھ یِمہٕ زنانہٕ پانس ستی گتھ'' یہٕ گتھ آیہٕ بادشاہس واتناونہٕ تہٕ سُہ آو پننہٕ نِشن دربارِ تہٕ مُلازِمن ہُند بوٗڈ تعداد ابتھ أمِس نِش تہٕ سپُد أمِس معموٗلی میندری لدنفرٕ سُند یتھ ہیوٗ دعوا یوٗ زِتھ حأران۔ وۄن گو تَس مأس پے زِ خدایہٕ سنز مرضی کیاہ أسِ لہذا وۄنُن أمِس شخصس زِ گژھ تہٕ گریمن زنانن ستی

گٕژھ تہٕ میٚنٛدی لدگوو تہٕ بیٚوٗٹھ گوڈنچہٕ زنانہٕ برونٛہہ کنہٕ تہٕ وڈُن تَس ژِ بوزِیہٕ ڈلیل:۔

''وقتہٕ اکہٕ اوس اکھ بوٗڈ بادشاہا تیٚمس ژور گاٹلٕر تہٕ چالاک نیٚچوِ اُسۍ۔ اکہٕ دوہہٕ بلاوِ اُمۍ بادشاہَن یِم نیٚچوِ الگ الگ پأٹھۍ یہِ پرٛژھنہٕ خأطرٕ زِ تُہنٛدِ قسمتہٕ کنٛز اوس بادشاہ تہٕ خوشحال۔ ترٛیہٕ نیٚچو و دِتُس جواب ''یقیناً چھکھ ژٕ پنٕنہٕ طالع کنٛز یِتِس بڈٕس مُلکس بادشاہ تہٕ پنٕنہٕ حُکمہٕ اَنِیہٕ منٛز چھکھ خوشحال'' مگر ژوٗرِم تہٕ سارِوے کھوتہٕ لوٗکٕٹ وڈُنس جواب ''بادشاہ صأب۔ یہِ چھُ سأٗلِم میأنہٕ قسمتہٕ کنٛز نہ زِ بیٚیہٕ کأنٛسہٕ ہنٛدی کنٛز'' امہٕ جوابہٕ ستۍ کھوٚت بادشاہَس سیٹھاہ زیادٕ شرارت تہٕ ژھُنُن یہِ لوٗکٕٹ ہیٚوٗ نیٚچو کڈِتھ۔ سُہ دراو پنٛنہِ زنانہٕ تہٕ کیٚنٛہہ ضروٗری چیز ہیتھ ڈلی ڈلی محل خانہٕ منٛز۔ کینٛژن ہفتن جنگلس منٛز روزنہٕ تہٕ برونٛہہ کُن قدم ماقد مادِوان وأتۍ یِم سمندرس نِشہٕ تہٕ سخت شوق گوکھ زِ آبس پیٚٹھۍ پکہٕ ہو۔ یِمو وُنۍ یہِ گٕژھ اُکس باپأرِس تَس آو یِمن پیٚٹھ عارتہٕ پننہٕ نِس جہازس پیٚٹھ کھأرِن یِم مُفتہٕ۔ کینٛژس کالس پوٚک پرٕ ہتھ کانٛہہ چیز ٹھیک پأٹھۍ یوٚت تأنۍ زِ اکہٕ رأژ جہازے پھوٚٹ تہٕ شہزادس تہٕ شہزادِ ورأے پھٹۍ سأری آبس یِم بچے جہاز کِس ہمہٕ ٹلِس تہٕ پچہٕ تختس تھِھ ینہٕ کنٛز مگر یِم لگۍ الگ الگ طرفن شہزادِ لوٗگ اُکِس مُلکس تہٕ شہزادٕ دی دوٗ یِمس''۔

وارِیہو ڈریوٗ پتہٕ آیہٕ یہِ زنانہٕ گلہٕ تھوٚدتلان وُچھنہٕ تہٕ یِیلہٕ میٚنٛدی لد نفرن اُمِس یہِ پرٛژھ زِہرگابۍ چون خانہٕ داریعنے شہزادِ یوراَنِ ژٕ کیاہ انعامہٕ دِکھے۔ تمہٕ دِتُس فورن جواب ''یہِ ژٕ منگکھ تہٕ تیۍ ژے دِنہٕ''۔

یِیلہٕ بادشاہ تہٕ تِمۍ سندیو سأٹھوے زنانہٕ گٕژھہٕ کران تہٕ خوش وُچھ تِم سپدی

حاٗران۔ خداصابنہٕ مہربأنی کنٕ سپُد اَمے وِزِ پتہٕ زِ اُمس نفرس یُس میٚنڈی چھوکن رس اوس پژ یڈان سُہ سپُد بند۔

پتہٕ گوو سُہ تہٕ ہیوٚتھ بیٚیس زنانہٕ نِش تہٕ وٚننس ژ بوزمیٚأنی ڈلیل:۔

اَکِس مُلکس منٛز اوس اکھ باغوان روزان۔ یہِ اوس شاہی باغوان۔ اُمی سُنٛدی ہیے گرس منٛز ووت اکہِ دوہہٕ دوٗر مُلکہٕ پٮ۪ٹھہٕ آمُت اکھ بیچھوٗن شہزادٕ۔ یہِ شہزادٕ بنٛیاو اُمس باغوان سُند نوکر مگر اُمی بنووپنٕن پان اُمی سندِ خاطرٕ سبٹھے فأیدٕمند۔ نیک تہٕ شریف آسنہٕ کنٕ بنٛیاو باغوان سُند زامٹُر۔ اکہِ دوہہٕ وُچھ امہِ مُلکہٕ کِس بادشاہ سنٛزِ کورِ یہِ شہزادٕ۔ یوٚدوے زَن تمِس یہِ اوسنہٕ پتاہ زِ یہِ چھُ شہزادٕ تمہِ وٚن ماجہِ زِ ژ مأنی راوٗن بادشاہ یِتھ مےٚ سُہ اُمس سٟتۍ کھاندر گرِ۔ پوٚرٕ پرٛ ژھہٕ گاٗرکرنہٕ پتہٕ ننٛیاو بادشاہس زِ یہِ اوس اکھ یوٚڈ تہٕ دانا انسان لہٰذا موٗنن کورِ ہُند درخاس تہٕ کھاندرٕ خاٗطرٕ کرِن سبٹھا تیاٗرِیہِ۔ کھاندر سپُد تہٕ اَتہِ آے زبردست شاٗدیانہٕ مناونہٕ۔ نُوی شہزادن پژاٗدٕ سبٹھے زیادٕ خوشحاٗلی تہٕ لۄکن کھو بادشاہس نِشہٕ بنٛیاو سبٹھا پیوٗر۔ اَتہِ اوس صرف اُمی سندِن باےٚن (باقٕے شہزادَن) اُمی سُند ازروٗن۔ چھیکرس یِہندِ ازروٗنہٕ سٟتۍ تنگ ییٖنہٕ تہٕ پٔنٕن گرِ تہٕ مُلک گژھنٕچ خاٗہشہٕ کنٕ دژاو یِہ پٔنٕنۍ آشنۍ ہٮ۪تھ اَکِس جہازس پٮ۪ٹھ یِتھ اُتھ مُلکس گژھن اوس۔ افسوٗس! جہازٕ سپُد تباہ تہٕ جہازس منٛز یم تہِ اٟسۍ تمو منٛزٕ بچےٚ یہِ زٕ نفر اکھ شہزادٕ تہٕ بیٚیہ شہزاٗدی یم دوٗن ہچہِ تختن پٮ۪ٹھ کھسِتھ ژٕلی۔ اکھ لوٚگ اَکِس مُلکس منٛز تہٕ بیٚیا کھ بیٚیس مُلکس منٛز یوٚتھ''۔

داریَہو وٗرِیو پتہٕ ژُل امہِ دوٗیمہِ زنانہٕ گوڈنکہِ پھِرِ گلہٕ تہٕ ییٚلہِ اُمی نفرن

پرٛژھنس زِمے کیٛاہ انعامہٕ میلہِ ہرگابہٕ ئُس شہزادٕ ژٕ نِش اُنن۔ تمہٕ وۄنُس درجواب

"یہٕ کینژہ ھاتہٕ ژٕ منگکھ تہٕ دِمے بۂ"۔

ییٚلہِ بادشاہ تہٕ تٔمۍ کی سند بوسا تھیوزنانہٕ ہنٛدِس بُتھس پیٹھ خوٗشی وُچھ تہٕ تمہٕ وُٹھن ٹلہٕ تژاوکوٚر تمہ سپدی حأران۔ اَمی وقتہٕ ہیٚتن اُمس مینٛڈی لد سندی زخم ٹوٗنہٕ تہٕ باسان اوس زِیم گژھن جلدٕ ے ٹھیک۔

پَتہٕ گوو یہٕ نفرتہٕ بیوٛٹھ تژ ییمہِ زنانہِ نِشہِ تہٕ وۄنُن تَس ژٕ بوزتہٕ یہِ دٔلیل:۔

أکس دوٗر درازشہرس منٛز اوس اکھ امیر بایأرک بسان ییمس أکس غریب دَتہٕ گتس پیٹھ عارآویُس اُمی (بایأرک) اکہِ دوہہٕ پَنہٕ نِس وانس نِشہِ اِستادٕ وُچھتہٕ پَتہٕ بنوۄن پنُن ملازم۔ پتہٕ ییلہِ یہِ سبٹھا گاٹُل تہٕ رُت باسیوٚس تہٕ اُمی سندِ کنہ کارٕ بارس منٛز تہِ ترقی سپزِس تہٕ بنوۄن پنُن زامتُر۔ کینٛہہ کالہ گیہِ اُمی سندِس زامترِس خاہش زِبۂ گژھہٕ ہاپنُن گرِتہٕ مُلک لہذا دژاوزنانہٕ ہتھ یہِ وعدٕ کرِتھ زِبۂ ییمہٕ جلدٕ ے واپس۔ مگر واے افسوٚس۔ یتھ جہازس ییم کھتی سہ پھوٚٹ سأری ہتھ ماسوایہ شہزادس تہٕ تٔمۍ سنزِ زنانہِ ییم جہازکہِ لکرِ تختہٕ تہٕ کرِ ٹکر۔ کنہ نیر تھ ہیکی۔ ییلہِ اَمہِ زنانہِ ییمہٕ چیز بوٗزی تَمہٕ تُل پنُن کلہٕ تھوٚدتہٕ ییلہِ تَمہِ بروٗنہہ کُن یہِ بوٗززِ شہزادٕ چھ زِندتہٕ اُتی نکھے تمہٕ کوٚر اُمس نفرس زارٕ پارٕ زِسہ ہاوتن مےتہٕ بۂ دِمے ژٕ بوٚڈ انعامہٕ۔

ییٚلہِ بادشاہ تہٕ تٔمۍ کی سند بوسا تھیو تژ ییمہِ زنانہِ بُتھس پیٹھ خوٗشی تہٕ تیز گفتار وُچھ تم گے سبٹھے حأران۔ امی وِزِ ہیوٚتن مینٛڈی لدس زخمن انگ ییُن تم سپدی خوشک تہٕ ہیٚتن ختم گژھنۍ۔

پَتہٕ گو وِیہ نفرتہٕ بیوٗٹھ ژُوٗرمہِ زنانہِ لَرِتہٕ وۄنُنس ژ بوزمیائی یہِ دٔلیل:۔

''اَکِس جنگلس منز اوس اکھ بۄڈ جن روزان تیمی اکھ مٲرِی منز کۄرِ رٔٹِتھ اَس اَنی مژ۔ یوسہٕ اَکِس بادشاہ سنز کۄر اَس تہٕ یہِ اَسن پننہِ خدمژ تہٕ تفریح خاطرٕ تھاوِمژ۔ اتفاقن ووت اکہِ دوہہٕ اکھ نفر تمہِ گوپھہِ ہندِس گُلس پیٹھ ییتہٕ یہِ زنانہٕ بہتھ پننہِ نِس تقدیرس پیٹھ ماتم کران اَس۔ اَمی پرٕ ژھنس ژ کیاہ زِ ژھکھ ودان تہٕ امہِ وۄنُس تہِ سورے یہِ اَمِس ستی سپُد مُت اوس۔ دۄشوے اَسی گاٹلی تہٕ خۄ بصورت تہٕ ڈٔلی ڈٔلی گنیگھ اکھ اَکی سنز ماے تہٕ اَمِس زنانہِ ییلہِ یہِ فکرِ تۄر زِ یہِ نفر تژ اونہٕ مے تہٕ شامس بأگی ییلہِ جِن عام پأٹھی واپس اوس یوان تہٕ تمہِ کنی تھووامہِ یہِ صندوقس منز کھٹِتھ۔ تہٕ گرِ تھ تہِ کۄ ڈسُہ جنَن اَتہٕ مگر کھیون نہٕ کینہہ تِکیاہ زِ تمی وُچھ یہِ زاٗ وِیُل تہٕ لیٚدر یومُت تہٕ تھووُن یہِ نوکر۔ وارِ وارِ ٹرو شہزادِ جنہٕ سمنزِ زندگی ہُند راز تہٕ شہزادن گر اَمی سندِ مارنہٕ ہنٛج کأم مکمل۔ پَتہٕ پیٹھی ییم دۄنوے شہزادِ تہٕ شہزاأدی جِنہٕ سندِس طلسمی پیٹھس پیٹھ تہٕ واتی ییم نکھہٕ تلپچہِ ییتھ جایہِ۔ پَتہٕ دژ او شہزادِ شہزادِنشہِ تہٕ اورِ پھیوٗ رنہٕ واپس تِکیاہ زِ تَس اوس وۄ کھہِ میٚنڈی بمارِ حملہِ کۄر مُت ییمہِ کنی تمس شکلے بدلییہ ییتھ زِ ییلہِ شہزأدی آیہ تہٕ سُہ کینژن گانٹن نظرن تل تہٕ رۄ دتمہِ پرٕ زنو ونہٕ پٔنن خانہٕ دار بلکہِ پھیر ییتھی باغس منز تَس اَکتھ گن تہٕ وۄ دُن''۔

یہِ دٔلیل بوٗزِتھ کۄر امہِ زنانہِ ودنس ٹھہراو تہٕ تژن ہیوٚ رگن نظر۔ اَتہٕ وُچھن پٔنن ٹوٹھ خانہٕ داریُس اَمِس روومُت اوس۔ وۄنی اوس اَمِس میٚنڈی بمارِ ہُند پژتھ کانہہ نِشانہٕ دۄر گومُت تہٕ اوس پرٕ ونے ہیو خۄ بصورت، عقل مند تہٕ نیک شہزادِ۔

پانہٕ وٲنۍ چیرِ نالہٕ موٗت کٔرِتھ گٔے یِم دونوے تہٕ یِمہٕ آشنہٕ کُن یوسہٕ باپٲرۍ سِنز کوٗرٲس تہٕ تمہِ تہٕ پرٕ زنو وشہزادٕ تہٕ روٗٹُن نالہٕ متہٕ۔ برابر کوٗریٖلی اُمۍ سِنزٕ دوٚیمہٕ تہٕ گوڈنچہٕ زنانہٕ تہٕ۔ یہِ اوس شہزادٕ تہٕ تمۍ سِنزن سارِنٕے آشنین ہِندِ خاطرٕ سێٹھاہ خوشی ہُند ساعت تہٕ یِمن اوسنہٕ وۄنۍ توقع تہِ روٗدمُت زِ یِم کیاہ سمکھہٕ ہُن پانہٕ وٲنۍ دُبارٕ زانہہ۔

یێلہِ بادشاہ تہٕ تمۍ سِند بو مُلازِموٕ یہِ وُچھ تمہِ گٔے وۄنۍ زیادٕے حٲران تِکیازِ آتبتھ اوسنہٕ وۄنۍ صِرف سُہ شخص تیٚمۍ یِمہٕ کتھہٕ کرناوِ بلکہِ یُس تِہُند خانہٕ دار اوس۔ یِتہٕ نێیاوِزِ یہِ چھُ سێٹھاہ عالم تہٕ تہٕ تھدِ خاندانک تہٕ۔

بادشاہ آو وۄنۍ اُمِس نکھہٕ یِہن تہٕ پرٕ ژھنس "ژٕ کُس چھُکھ؟ مےٚ وَن پنٕنز ذٔلیل تہٕ تہٕ سائلم یہِ ژٕ ےٚ ستۍ گُدریامُت چھُ"۔

پَتہٕ وۄنۍ شہزادن اُمِس پنٕنہِ زندگیہِ ہِنز سارٕے ذٔلیل۔ گرٕ کتھہٕ پٲٹھ دزاو، یِمن ژوٗن زنانن ستۍ کتھہٕ کٔر کوٗرُن کھاندر تہٕ یِم کتھہٕ کٔر سےٚ اَتھ جایہِ۔

بادشاہَس گٔیہِ اَتھ ذٔلیلہِ منٛز سخت دِلچسپی تہٕ تمۍ کٔر شہزادس تہٕ تسنزن ژوشوٕنۍ زنانن محل خانس منٛز یِتھ تَس ستۍ روزنٕچ دعوت۔ یہِ کینٛہہ ہایمو ژھونڈتہٕ آو یِمن دِنہٕ تہٕ شہزادٕ گوو بادشاہس تیٚوت ٹوٹھ زِ تَس آو زور کرنہٕ زِ سُہ روٗزِن وۄنۍ ہمیشہ اُتۍ تہٕ بادشاہس پَتہٕ سلطنت دِنک آس وعدٕ کرنہٕ۔ شہزادن یێلہِ یہِ مون تہٕ بادشاہ سپُد سێٹھاہ خوش تہٕ وۄنۍ اوس سُہ دوہدش دربار تہِ گوھان۔ نۆوۍ منصوٗبہٕ آیہِ عملہِ منٛز اَننہٕ، نۆوۍ قونٛزن آیہِ مُقرر کرنہٕ تہٕ بێیہِ تہِ کینٛہہ بجائی ہِنزٕ کامہِ آیہِ کرنہٕ تہٕ یِتھہٕ کٔر بنٛیاوِ مُلک سێٹھاہ پاپرجاتہٕ خوشحال۔ یِتھس ہوس رٕ تَس تہٕ عالی دماغ شہزادس ستۍ زیادٕ نکھہٕ پنٕنہٕ

چہ خاہشہِ کنہِ یوٚ ژھ بادشاہن اَمِ سُند کھاندر پننہِ کورِ ستی گرُن۔ مُلکہ، شہزادِ تہٕ تمام دربار ہوٚ کر بادشاہ سنزِ یہِ خاہش قبوٗل تہٕ سیٹھے شاد یانو سان آو کھاندر کرنہٕ۔ تتھہٕ کنہِ روٗ دی معاملہٕ خوشی تہٕ خوشحالی سان بروٗنہہ پکان۔

مگر شہزادٕ اوس نہٕ مطمٔن۔ سُہ اوس پننِس مُلکس تہٕ مالِکہ سندِ گرِچ شیچھ بوزنی یژھان۔ لہذا آے امہِ مقصدٕ اورنفر سوزنہٕ تہٕ یُژ کالہِ آے تم واپس تہٕ ووٚنکھ زِ شہزادٕ سندِس مالِکہ سندِس مُلکس چُھ ووپرٕ وقبضہٕ کوٚرمُت تہٕ بادشاہ تہٕ شاہی خاندانکی نفر چھکھ قاد کری مٔنز۔ یِیلہِ شہزادن یہِ بوٗ زُتس آیہٕ واُنج پھٹنس تہٕ ندامت سپُزس زِ مے کیاز کوٚر نہٕ یمن متعلق گوڈٕ معلوٗم۔ پتہٕ کوٚر اَمی اِرادٕ زِ بہٕ کرِ یمن ووپرٕ حکمرانن ستی جنگ تہٕ امہِ مقصدٕ خاطرٕ موٗنگن پننِس ہیہرٕ بابس مدد۔ اَمِس آو کھلہٕ فوج تہٕ ہارٕ دیار دِنہٕ تہٕ پتہٕ دژاوِیہ اَتہٕ۔ ہیہرٕ بابہٕ سندِ مُلککی ساری لوٗکھ اَسی اَمِس دُعایہٕ خار کران تہٕ اَمی سُند رُت کانچھان۔ یہِ اوس اکھ زیٹھ تہٕ کریوٚٹھ سفر مگر شہزادٕ تہٕ اَمی سُند فوج ووت ٹھیک پاٹھی مٔنزِلس تہٕ امہِ پتہٕ لوٚگکھ قابض بادشاہ سندِس فوجس ستی جنگ۔ تمو کوٚر ردہ وادن جنگ تہٕ دوشوے طرفہٕ گیہِ خونریزی مگر اَخرس میچ شہزادس فتح۔ اَمی تژ اَودی اَمی وِزِ پٔنزِ بأے تہٕ بادشاہ بیلہٕ مگر تمو پرٕ زنوونہٕ سُہ توٚت تاکی یوٚت تانی نہٕ تمن اَمی یہِ ووٗن زِ یہِ چُھ (بادشاہ سُند) ژوٗرِم نیچوٚ تہٕ کٔڈتھ ژھننہٕ آمُت شہزادٕ۔ اَمی ووٗن "بادشاہن یعنے میاٰنی مالِکہ ژُھنُس بہٕ یہِ وَننس پیٹھ مُلکہٕ منزٕ کٔڈتھ زِتس اوس میانہِ قسمتہٕ کنہِ مُلک میوٗلمُت۔ اے بادشاہ۔ مگر تی اوسنا پوٚز"؟۔ تمی ووٗن بروٗنہہ کُن "یتھے بہٕ مُلکہٕ منزٕ دژاس تہٕ مے بوٗز زِژے نیوٗ ہے یہِ تہٕ ژٕ آکھ پٔنزِ ساری بأژ ہیتھ قاد کرنہٕ۔ تہٕ ووٗنی

پتھے بہٕ توہہ نِشہِ واپَس ووتُس توٚہۍ گوٚ وبیٚہ آزاد تہٕ بیٚہ چھکھ ژٕ ووٚنۍ اکہ بڈ طاقتور مُلکُک حکمران"۔

بادشاہن ووٚنُس لوٚت لوٚت "گوٚ برا۔ پوٚز چھُ۔ اَسہِ کوٚر ژٕنے ستۍ غلط۔ یہِ اوسنہٕ چون گھمنڈ تہٕ چانہِ دِلُک غروٗر بٔلکہِ سانین دِلن ہُند تہٕ خدایَن دیُت اَسہِ امیُک بڈ کرۄٹھ سزا"۔ تہٕ پَتہٕ کوٚر ییمو اکھأ رُکس چیر نالہِ موٚت تہٕ وُنۍ کٔمن چَن خوٚشین مٔنز گأ کھٕتِم سأری امتحان تہٕ اَزمأیِش مُشتھ۔

بادشاہ اوس ووٚنۍ سبٹھا بُڈ تہٕ کمزور لہٰذا آو فأصلہٕ کرنہٕ ییمہِ ییور بیٚہہ ووٚنۍ یہو ے شہزادِ تختس ییلہِ زَن باتے شہزادن لوٗکٹ لوٗکٹ جأگیر تہٕ عہد دِنہٕ ئِن۔ سأری أسی خوش تہٕ یہِ کینژھا شہزادن یمن خأطرِ کوٚر رمُت اوس تمہِ کِنۍ أسی أمی ہندی شُکر گُذار۔ ییمہِ کِنۍ ییمو یہِ خوشی سان مون۔ لہٰذا اسۄز ووٚنۍ شہزادن مختلف بادشاہن تہٕ پنٕہٕ نٔبن ہیہِر بابن شیٚچھ زِتم مہِ پزأرِن ووٚنۍ أمی ہندِس پٔنس بٔلکہِ سۄزِن أمی ہنزن آشنن تِکیا زِبہٕ چھس ووٚنۍ پنہٕ نِس مألی ہندِ مُلکُک حکمران۔ پزٕبتھ طرفہٕ أسی أمس مُبارک واتان۔ آشنہِ تہٕ واژس وارٕ کارٕ تہٕ شہزادن یُس ووٚنۍ اکھ طاقتور بادشاہ اوس تہٕ یُس ووٚنۍ عقلہِ، طاقتہٕ تہٕ دلنأیی کِنۍ تہِ زیادے تھوٚداوس گُذأرِی زندگیہِ ہندی باتے دُری سبٹھا سکۄنہٕ سان۔

(راوی۔ پنڈت شوبابو۔ رِنی وور سرینگر)



# گگروول تہٕ تسنٛد موٚہنیوٗ رَتُن

## I

گگروول اوس اکھِ دوہ پَتُن موٚہنیوٗ رَتُن ہیتھ أکِس گامس گرٛشھان۔ یَتھ سُہ کارداراوس۔ یکان یکان پیوٚ اچانک أمِس (رَتنَس) بیقلس یاد زِ أز أس سانکراتھ تہٕ تُجن کاغذتہٕ قلمدان اَننہٕ خأطرٕ دوتہٕ وۄنُن أمِس (کاردارس) زِ مےٚ دِتنخواہ چہِ ادایگی ہُند حُکم لیٚکھتھ۔ ظأہر چھ زِ أمِس آووَننہٕ زِ ژٕ پیار رٲژھ کھنڈیوتانی أسی مٔزلس واتوتہٕ تَتہٕ رٲژھ ادَم ہیوٚ دِمو۔ یِم وأتی اَتھ گامس منٛز ژیرِ پہن تہٕ ژیر آسنہٕ باوجوٗ دسوٗ ز گگروألی موقدَمس، پَٹھوأرِس تہٕ دۄیمبن سرکأری کارندن نادِتہٕ لوگنک حساب ہیوٚن۔ أتھ منٛز کھرٛ رَتنس نیندٕ رتہٕ مُشکل نےٚ اوس سُہ پننہِ أچھ مُرٛ رِتھ ہبکان تھأوِتھ مگر تِمس اوس پَننہِ نِس مأ لکس پرٛ بتھ رأ ژشوٚ نکنہٕ بروٚنہہ دستار آسان گَلہٕ پیٹھہٕ والُن لہذا ابھریاونہٕ سُہ شوٚنگنس۔ أخرتہٕ رۆ دنہٕ أمِس برداشت تہٕ لہذا اوۆ تھ تہٕ گووسیوٚ دُےگگروألس نِش یُس امہِ وِزِ گامہٕ کِمن سرکأری کارندن منٛز باگ ہیتھ اوس تہٕ أمِس دستار گَلہٕ پیٹھہٕ وألِتھ تھووُن کیچہِ پیٹھ الوند۔ أمِی سُند شرارت کھسنہٕ بدلہٕ ترٛ ووگگروألی اَسُن تہٕ تی کوٚر اَتہِ سارِوٕ ے۔ تِتھس أکِس بُڈِس موٚہنِوس یَس أندی پکی لۆکھ ہیتھ اَسَن دستار تِلتھ ہِتھ ووڈٕ نوٚ نےٚ روزُن اوس تَس ءستی یِہے مسخری ہِشی باسان۔ یِیلہِ رَتنن مأ لِک پَتُن

اَسان وُچھ تمی سۆچ پانسے ستر زِ'' آ۔ یہِ چھُ وۆنی آرامہٕ ہے۔ بہٕ گژھہٕ تہٕ رٹہٕ تنخواہ۔''
لہذا آوسہٕ کاغذا ہیتھ تہٕ چھُس دِیان دِتیلہٕ مے تنخواہ چہِ ادایگی ہُند حُکم۔

(راوی۔ پنڈت آنند کول۔ سرینگر)

☆☆



اکہِ دۄہہٕ ترٛ ووگگر وأل ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن باسان اوس سُہ چھُ کتھ تانی پیٹھ
سبٹھے خوش۔
رَتنن پرٛژھُس ''ژٕ کیازِ اَسان''
''تکیازِ مے کیاہ سازینہِ اَزیمن گامہٕ کِمن حسابن پرٛچہٕ ژٕتھ ہتھ روپیہٕ
اَمِ دِتُس جواب۔
اَمی سُند مطلب اوس زِ اَمی اَس پہندِس حسابس فرق کڈمُت۔
''او۔ ہو'' رَتنن سۆچ ''وُچھ کوٚت سہل پاٹھی زیوٚن اَمی! بہٕ تہِ گرٛیلی گوڈنچہِ فرصتہِ
مژٕ''۔
اَمہِ کنہ تتھے گگر وول پننہِ نِس علاقس کُن دژ اور رَتنن تِج دُکانہٕ تہٕ گرٛن ماکلہٕ
ہندس بہی کھاتس پیٹھی۔ تمِس کیاہ میلہِ ہے اتھ۔ اَمِس کھوٚت سخت شرارت تہٕ تتھے

أمی سُند مأ لِک واپس ووت۔ سُہ گو وُتِھس نِش تہٕ وۄنُنس "ژٕ چھکھ اپُز یوٗر۔ ژےٚ وۄنُتھ زِ ژےٚ میچھ حسابہٕ پرچہٕ ژٕتھ ہتھ روپیہٕ۔ یہٕ وُچھ مےٚ تہٕ کرِیاوی مگر اکھ پوٚنسہٕ تہٕ میوٚلُم نہٕ"۔ یہٕ وۄنِتھ دِژ أمی تِم کاغذ تِلمہٕ پتھر دأرِتھ یمہٕ کی ژِچہٕ مۄژ آسہٕ تہٕ دژاوکھ منز۔ ییٚلہٕ گگروأ لی یہٕ وُچھ زِ أمی فأطرن کیاہ اوس کوٚر رمُت سُہ ہیوٚتُن پاگل گوٚژھن تِکیازِ تِمی کی سُند سورُے حساب، رسید، ادائیگی سأرُم اوس أتھی منز درج۔

(راوی۔ پنڈت لال چند۔ کھمو ہ)





اکہِ دوہہٕ گوو گگروول سالَس تہٕ رَتُن اوسُس سِتی۔ کھٔنبَس دوران وۄن أکِس پۄژھکی ہِندِس موٚہنِوی پنٕہٕ نِس مأ لکس پڑ بتھ کأنسہِ بوزوٗن "بُلبُل حِض چھ سُنبلس پیٹھ بہتھ" مطلب اوسُس یہٕ وَتُن زبَتہٕ پھوٚل اوس مأ لِکس ریشس پیٹھ۔ أمی ہِندی مأ لکن سمُجھ تہٕ وولُن یہٕ پتھر۔ سارِوے پژھوکری أمِس نوکرِ ہِندِ کلاءِکی تعریف تہٕ دِیان أسی تِتھے نوکرا گوٚژھ اَسِہ تہٕ۔ سالہٕ پتہٕ دژ او گگروول نمبر تہٕ رَتُن گوس پتے۔

"رتنا۔ بوزیوٗکُن" أمی وۄنُس "یادتھأوی زِ یہٕ أمی موٚہنِوی پنٕہٕ نِس مأ لکس وۄنان تہٕ ہرگاہ مےٚ زانہہ ریشس پیٹھ بَتہٕ پھوٚل روزِ ژٕ أسی زِتی ونان"

"ٹھیک حِض چھ" رَتنن وۄنُس۔

اَمہِ پَتہٕ کِمے کاڑی پُرٛ ژُھکھ گگروٲلس ہیٚس جایہِ ساَس تہٕ تٔمۍ ٹل پٔن یہ پَتہٕ پیٹھک وفادار رَتُن ءتِ کر۔ کھوٚان کھوٚان تھوٲمۍ زٲنتھ مأنتھ ریشس پیٹھ بَتہٕ پھوٚل۔

رَتنن وۄنُس "ہے جناب۔ یہِ توہہِ مےٚ تمہِ دوہہٕ فلأنی جایہِ نبر کنہِ وٹھِو وتی ھِن چھیٚ ریشس پیٹھ" اَتھ پیٹھ ژۄل سارِنے پرٛھسِن ٹھاہ ٹھاہ کرِتھ اُسُن نیرٛتھ۔

(راوی۔ پنڈت لال چند۔ کھنموہ)



# IV

اکہِ دوہ کھوٚت گگروٲلس موٚہنِوی سُند سخت شرارت تِکیاز تٔمۍ اوس بَتہٕ خراب کوٚرمُت تہٕ وۄننس زِ یمہِ ساعتہٕ یِیلہِ بَتہٕ پھیارُن آسی مےٚ وٚنی زِ تہٕ بہٕ ہاوے کیاہ چھ آسان کرُن۔ دۄیمہِ دوہہٕ لوگ رَتنن دوہد شکی پأٹھۍ دانس ہوٚن تہٕ لوگن بَتہٕ تہٕ بیٚیہ باقٕے چیز رَنٛنۍ یِیلہِ زَن گگروول پانہٕ گامہٕ کِس خرمنس نظرٕ دِنہِ گوو۔ یِیلہِ بَتہٕ پھیارنس ووت سُہ وۄتھ تہٕ گوو مأ لِکس آلو کرنہِ۔ مگر سُہ ہیوٚک نہٕ تمس نش برابر وأتھ تہٕ تھہٕ پأٹھۍ زَن کانٛہہ معمۆلی نوکر کرِتھ ہیکہِ ہے۔ بَلکہِ رۄ دُسہ دوٗرِ ے پہن اُکس کِلس ژھایہِ تہٕ کلہِ نبر کُن کڈِتھ اوس مأ لِکس اِشارٕ ہاوان زِ وولہِ وۄنی۔ مگر گگروأ لی وُچھی نہٕ سُہ یپتہِ دوٗرِ پیٹھہِ۔ لہٰذا رُو دیہِ بیقل تٔتی ترٛے گأنٹہٕ کھوتہٕ زیادٕے وقتس پرٛاران۔ اُخرس یِیلہِ گگروأ لی کأم موکلاوِتھ دٕزا اوڈیرس کُن تہٕ اَتہِ وُچھن پٔن موٚہنِو کِلس ژھایہِ

سمبٹھا مایوٗس پأٹھی۔ "ژٕ کیاہ اَتہٕ کران۔ ژٕے روٗنتھا مےٚ خاطرٕ بتہٕ" أمی پرٕژھنس۔
رَتنن ووٗنُس جناب۔ ژٕے ونیا تھ مےٚ زِییٚلہِ بتہٕ پھیٚیارنس واتی تہٕ مےٚ وُٕنی
زِ۔ توٚے آیاس بہٕ یورتہٕ تنہٕ پٔتھہٕ ووتُس مےٚ ژٕے گلہٕ ستی ہاوان ز، وولہٕ یوٚت تأنی یہٕ
وقت ووت۔ افسوٗس۔ افسوٗس، وُنیُس تأنی آسہِ بتس ژٕ زِتھ ژِنی گۄرٕ۔ بتہٕ تہٕ اوس
یقینن گرٕ ھنےٚ۔

(راوی۔ پنڈت لال چند۔ کھنموہ)



## ٧

اکہِ دوہہٕ گووگرووِل رَتنس ستی ہیتھ أکِس گامَس۔ اوٗت وأتِتھ بُلو وأمی
اَتھیٚک زِینٹھ تہٕ ووٗننس زِ گرِ سوزٕ شامَس رننہٕ خاطرٕ دالہِ سِیٹیا۔ باقٕے لوٗکن ہندی پأٹھی
اوس یہٕ کاشت کارتہٕ سوچان زِ تتہٕ چھامےٚ ووٗن کاردارن دال سوزٕنی تہٕ سوٗزٕن
موٚہنوِس اَتھہِ اکھ کھاردال۔ توہہِ کیاہ باسان رَتنن کیاہ کوٚر اَتھ؟ سُہ گووتہٕ رٔنن یہٕ
پھلہِ پھلہِ سأرٕے۔ یہٕ أس بڈِس سالس سُمب۔ ترٕہ پیٚٹھی دالہِ دیگل أسی گربکہٕ
گربکھ کران۔

(راوی۔ پرکاش رام، سوٗتھ سرینگر)



# بدفطرت مُلکانہٕ

یہِ اوس اکھ بادشاہ تیٚمس ترٛے زنانہٕ آسہٕ یِمو منٛز ژٕ تٔمس بیٚیس أکی ہِندِ کھوتہٕ زیادٕ ٹاچھہِ آسہٕ تِکیٛا زِ تمن اَتھِ آسہٕ أمِس ژکورِ زامژٕ ییٚلہِ زَن ترٛیمہِ زنانہِ کہنٛ اوس نہٕ زامُت۔ چھیکرس تہٕ أس ترٛیمہِ زنانہِ وومیدوأری تہٕ ہُمن دۄن گوو سخت خوف پأدٕ زِ أمِس گوٚ ژھ نہٕ نیٚچُو زیوٚن لہٰذا أگر یمو وارِنہٕ ستیٚ رٔلتھ یہِ ژوے زِ ہرگا أمِس نیٚچُو زاوسہ چھ کُنہِ وُنہِ پأٹھی دۄ براوُن۔ وارِنہٕ اوس شرٛژی ہِندِ بدلہٕ کاثہہ جاناوار یا کُنہٕ نتہٕ بدل کاثہہ بچہٕ تھاوُن۔

خَلاصہٕ گرٛشھنہٕ بروٚنٛہہ سۄزٕ مُلکانہِ وارِنہٕ نادتہٕ ووٚنُس مےٚ وَنتہٕ زِیہِ آسیا لُڑکہٕ کِنہٕ کوٗر۔ وارِنہِ ووٚنُس زِ نہ زیوِ نیٚچُو تہٕ نہ زیوِ کوٗر بلکہِ کاثہہ جاناوار۔ تمہِ ووٚنُس یتہٕ زِ مےٚ چھُنہٕ پتاہ زِ کتھہٕ کنٛز مگر یپیرٕ ہن چھُم یقین زِ لی آسہِ۔ یہِ بوٗزِتھ سپز ملکہ سخت غمگین تہٕ وارِنہِ ووٚنُن زِیہِ گتھ تھأوی زِ ہر تہٕ یہِ گرٛشھِ نہٕ بادشاہ ہِند بن کُنہ گرٛشھنٛ۔ اَمہِ کوٚرنس وعدٕ تہٕ پتہٕ تھوونس وٕنتھ زِ ہرگا کاثہہ پزٕ زِ هی تَس وٕنی زِ بچہ اوس زبنہٕ بروٚنٛٹھے موٗدمُت۔ لہٰذا ییٚلہِ ووٚنی أمِس وقت ووت تہٕ مُلکانہِ دیُت حکم زِ اَتہِ گرٛشھِ صرف وارِنیٚ روزنیٚ۔ یہِ زَن توقع اوس أمِس زاو نیٚچُو مگر وارِنہِ تھوو یہِ شُر ژۄرِتہٕ اَتھ بدلہٕ

ہیؤن مُلکانہٕ اکھ کاوتہٕ وۄنس دُوچھتھا۔ دڑاونامیون وُنن پوٚز۔ وۄنی مہٕ ہےٚ ژاپٕچ پریشانی بہٕ گڈھہِ تہٕ وُنی تھاوَن بہٕ یہِ ژۄرِ۔ امیُک لگہِ نہٕ کانٕسی پےٚ۔ یِی ونان ٹٕل امہِ بدخصلت زنانہِ اُمی سُند بچہِ تہٕ بیٚیہ کاوٕ بچہٕ تہٕ اَتہِ نبر تھاوِن یم ہُمن دۄن مُلکانٕن یمہٕ سبٕٹھا خوش گیہِ تہٕ اُمِس بوٚڈ انعامہِ دِنُک وعدٕ کوٚرُکھ۔

یمو دۄیو زنانو بوٚرٕ وٕلی ؤلی یہِ بچہِ اُکِس صندوٗقس تہٕ ترٕوُکھ دٕریاوس تہٕ راےٚ اُسکھ زِ صندوٗق پھٹہِ آبس تہٕ اُتھی ئتی موکلہِ یہِ معاملہٕ۔ پرمیشورٕ سنزِ مہربانٕیہ رۄٕ دیہِ آبس پیٹھے پران تہٕ یہِ روٗٹ اُکی بُڈ باغوانٕن تیمی یہِ مۄرٕ تہٕ امہِ منز کوٚڈُن یہِ بچہِ۔ اُمِس اوس نہٕ پانَس کانٕہہ شُر تہٕ یُتھ ہیوٚ مأرک موٚند لڑکہٕ لٕبِتھ گو سبٕٹھا خوش۔ خوشی سان اُنن اکھ ژٕنی اُمِس دۄدٕ دِنہٕ تہٕ وُچھنہٕ واشنہٕ خاطرٕ۔

بیا کھٕرٕ یاتہِ دڑاوتہٕ ترٕ یمہِ زنانہِ اُس بیٚیہ جلدٕ ےوومید۔ ہُمن دۄن مُلِکانٕن گو خوف تہٕ یمہِ اَزرٕ وُنہٕ کٔنی زِ یہِ گوٚ ژھنہِ لڑکہٕ آسُن گرٕ یمو وارنہِ ئتی بیٚیہ ژوےٚ یُتھ زِ سو بچس ژۄرِ نتھ ماجہِ دھوکہٕ دِیہ ہےٚ۔ بیٚیہ سپُد تی زِ لڑکہٕ زاو مگر وارنہٕ وۄن زِ کاوٕ بچہٕ زاو تہٕ یہِ ژھیپر اونہٕ خاطرٕ دڑایہِ جلدٕ ےکمرٕ منزٕ۔ یتھنہٕ زن بادشاہس تہٕ شاہی خاندانہٕ منز کانٕسہِ پتاہ لگہِ ہےٚ۔ بچہٕ نیوٚ تمہِ ہُمن دۄن بدخصلت مُلکانٕن نشہٕ تہٕ تمو کوٚر تَس تہٕ تی یہِ گوڈٕنکس بچس کوٚر مُت اوسکھ۔ مگر پرمیشورٕ سنزِ مہربانٕیہ ئتی رۄٕد صندوٗق آبہٕ پیٹھی پرٕ وسان تہٕ ووت توٚتےٚ یوٚت گوڈٕنیُک واژاو تہٕ اَتہِ ٹٕل یہِ تمی باغوانٕن تہٕ خوشی سان روٚٹن یہِ شُر تہٕ موٚنگتہٕ۔

وُنہِ اوس نہٕ ترٕ یم ؤرِی دڑامُت زِ مُلکہِ اُس گوبہِ کھوٚرمگر افسوس تمہِ کٔرِ سنز

ووميدٕ آسہٕ پھٹنہٕ خاطرٕ بنیمژ ۔ گوڈنچو کامیابیو پتہٕ اوس وۆنی ہُمن دۆن مُلکانین دِل درِ ہوٗمُت تہٕ بچہ بدلاونہٕ خاطرٕ دِژیمو وارنہٕ پچھ ۔ تہٕ امہٕ پھِر ییلہٕ ترٛییمہٕ زنانہٕ زِ شُری دُچہٕ زاے ییمو منزٕ اکھ لڑکہٕ تہٕ اکھ کوٗر اٲس تہٕ امہٕ بدخصلت زنانہٕ (وارنہٕ) وۆن زِ مُلکہِ زاے زِ ہونہِ بچہ ۔ لہٰذا دژ ایہٕ فورن لوسہٕ کُٹھہٕ منزٕ یتھ زِ یمن کُنہٕ جایہٕ میوٗتل ژھیپراوِ ہے ۔ ہُمن دۆن بچن ہتی تہٕ آوتی کرنہٕ یہٕ زَن یمن بروٗنہہ زامتین شُربن ہتی کرنہٕ اوس آمُت ۔ مگر پرمیشور سٕنزِ مرضیہ کُنہٕ وٲتی یم زٕ تہٕ تُتھی چھپن جایہ ییتہٕ ہُم گوڈنکی اٲسی ۔ سو کوسہ زِ بو آسہٕ یوسہٕ مُلکہِ ہُندِ سُہ دوکھ بیان ہیکہِ کرِتھ یُس تَس ترٛییہ پھِر ناووٗمیدی حاصِل سپدنہٕ کُنہ سپُد ۔ امہٕ پتہٕ اٲسہٕ سو کانہہ بتھ یژھان دِین تہٕ نہٕ کینژھا کھوٗن مُلکہِ اٲس صِرف پَتُن مُرن کانچھان ۔

اَمہٕ پتہٕ کینژھہ شب گُذرِتھ آسہٕ ہُم مُلکانہٕ بادشاہس ہتی کتھا باتھا کران تہٕ تمو وۆن اٲمس تمن عجایب زُو ذاژن مُتعلق یم اٲمس بییس زنانہٕ اَتھہٕ زاتی اٲسی ۔ بادشاہ سپُد یہنزِ کتھہٕ بوٗزِتھ سخت حٲران تہٕ پریشان تہٕ فورن سوٗزُن وارنہٕ ناد یتھ زِ تمس یہ پژ ژھہ ہے زِ آیا یہٕ اوسا پوٗزٕ ے ۔ وارنہٕ وۆنُس آیمہٕ چھے ژٕ بے پوٗز وَنان یَتھ پتھ بادشاہَن امی ساعتہٕ حُکم دیُت زِ یہٕ نِکاژ مُلکہ گژھہِ فِلفور مُلک بدر ہتھٕ کرنہٕ ۔ مگر تہٕ کرِتھ سپزنہٕ سو مُلک بدر۔ محل خانہ کین شاہی نوکرن گو یہ شک زِ یہ اوس سالم ہُمن دۆن مُلکانین ہنز چال یمن مُتعلق یمن پتاہ اوس زِ تمن اوس یہنزٕ ناچھ ملکہ ہُند اَزروٗن تہٕ توٗے تہٕ رۆدی یم بادشاہس ونان زِ یہنزِ پننہٕ ناماوٲری کُنہ گژھہِ یہٕ جان زِ یہٕ خاتوٗن ایہٕ مُلک بدر کرنہ یلکہ گژھہِ اٲمس خاطرٕ دوٗر کُنہ باغس منزٕ مکانا

یُن بناونہٕ تہٕ یُہ تاأمِس ضرورت آسہِ تیٚوٗت وفوٗر گرٛھبس پوٗنسہٕ ٹوٗنک دِنہٕ یُن۔

ہُپاأرِ اوس بُڈ باغوان شُربن رِتی پاأٹھی وُ چھان واشان۔ تِم گےٚ ڈلی ڈلی بُڈی تہٕ آے سکوٗل سوزنہٕ۔ یِمن لڑکن آیہِ باغواأنی ہِندِ کارِ چ تہٕ تربیت دِنہٕ۔

اکہِ دوہہٕ آیہِ اکھ چالاک بُڈا ہِمن دوٗن مُلکاٗنن نِشہِ۔ سو اُس پٔژن کار یتھہٕ پاأٹھی چلاوان زِ مختلف جاین ہِنزِ ڈلیلہٕ سوٗمبِرتھ اُس کاأنسہِ تہِ شخص بوزناوان یُس تَس بوزِ ہے تہٕ پوٗنسہٕ دِیہ ہے۔ یہِ زاأنتھ زِ یہِ اُس اکھ چالاکھ بُڈ تہٕ توے پزِ ژھ ہس زِ اَسہِ وَنتہٕ اَسہِ کیاہ زِ زاونہٕ نیٚچُو تہٕ وۄنہس ژٕ اَنتن کاأنہہ مردِ خدایا یُس یِمن ہِنز خاأہش پوٗرٕ سپدنس منز اتھہٕ روٗٹ کرِتھ ہیکہِ ہے۔ زنانہِ ووٗنکھ زِیہ گو وُنی تُہند سوچُن تہٕ کوٗشش کرنی زِ توٗہی کیاہ ہیکو خدایہ سنزِ مرضیہِ نِشہِ ڈلتھ۔ یہِ چھےٚ تِمی سنز مرضی زِ کَس دِیہ تہٕ کَس دِیہ نہٕ۔ تہٕ اَمہِ پتہٕ ؤنی تِمہٕ یِمن باغوانہٕ سنز ڈلیل یُس تژے نیچوٗ ر تہٕ اکھ کوٗرِ چھےٚ تہٕ یِم تَس نِش صندوٗقس منز ڈریاوس پیٹھ یِران یِران واأتی۔ یِیلہٕ یِمو دو یو مُلکانو یِمہٕ لفظ بوزی تِمہٕ سپزِ سخت حاأران۔ تِمو پرٛژھس باغوانن کیاہ کوٗرتِمن۔ تِمی پرٛ ناأویا تِم، تِم چھا تِسندے گرِ روزان۔ بجہِ ووٗن یِمن ساأرِ کینہہ زِ تِم کِتیاہ ماأرک مُندی چھ، چالاک کتھی چھ تہٕ یِم لڑکہ کتھہٕ کنی چھ بُڈ سندِس باغس منز کاأم کران تہٕ تِمہٕ کوتاہ چھ بیٚنہٕ ہُند خیال تھاوان۔ یِمو دو یو مُلکانو دیٚت اُمِس باس زنتہٕ یِمن لڑکن ہِندِس بیٚنہٕ نسبت اخلاص مند آسُن بیوٗٹھ نہٕ لہٰذا ووٗنکھ اُمِس دانا بجہِ زِ ژٕ کرِتھہندِس بیٚنہِ ٹاأٹھ آسنس امتحان۔ ژٕ کرُن کوٗرِ یتھ پیٹھ تیار زِ سو وَنہٕ تِمن مےٚ گرٛھہِ فلاأنی خوٗبصورت جاناوار یُس تِم اُمِس اُنتھ دِنی گرٛھن۔ تِمو ووٗنُس یہِ چھُ اکھ عجیب

جاناواراہتہٕ کٲژ ھانڈٕ یہِ ضرور تِکیازِ یہِ چھُ اِنسانن ہندی پاٹھی کتھہٕ کران تہٕ تیٚتھ چھُ گوٚان زِ دُنیاہَس منٛز ہیکہِ نہٕ بیٚیہِ کانٛہہ تیٚتھ گیوٚتھ"۔

تِمو کوٚر اٰمِس زنانہِ وعدٕ زِ ہرگاہ سو یہِ کرِتھ ہیٚچھ تیٚلہِ دِن یِم اٰمِس بوٚڈ بارٕ انعام۔ بجہِ وۄنٛکھ بہٕ کرٕ تہٕ دژ ایہِ۔

تمہِ اٰئی ۆلی ۆلی یہِ کٲرپنہٕ لیہِ تہٕ وۄننس اٰمِس عجیب جاناوارس متعلق تہٕ تَس گوٚو اٰمِس متعلق یمہِ کتھہٕ بوٗزِتھ تیٚتھ شوق زِ دوہَس راتس اوس نہٕ تَس وۄنی قرارٕ ے زِکرنتہٕ کاٗلی میلہِ مےٚ یہِ جاناوار۔ اٰکہ سندبو ترٛیو بایو زون زِسو چھنہٕ خوش تہٕ پرٛژھہس امیُک وجہ۔ تِمو کوٚر اِرادٕ زِ اَسہِ منٛز گژھہِ اکھا ہیوٚتہٕ اَنہِ اٰمِس جاناوارس۔ گوڈٕ تتھ دژاو زیٚٹھ ہیوٚ تِکیازِ باغچہِ کامہِ کٔنز ہیکہِ ہَن نہٕ تَم ساٗری اکے ساعتہٕ نیرِتھ۔ تَس اُس اکہِ جنٛگلہِ کٔنز وَتھ تہٕ اَتہِ سمکھیاٗس اکھ شِکاٗرک تہٕ پرٛژھن اٰکہ ہے زِ ژےٚ ماچھی اٰمِس جاناوارس متعلق کینٛہہ پتاہ۔ اٰکہ وۄنُس اورٕ زِمےٚ چھنہٕ کینٛہہ پتاہ مگر وۄنُس زِ اور گژھنس چھُ سیٚٹھا خطرٕ۔ تِمی وۄنُس "وارٕ یہولوٗ کواٗس اور گژھنٛچ کوٗشِش کرِ ہٕ مگر وَتی اُسی موٗدی ہٕتی" مگر لڑکن ہاٗرنہٕ ہِمت۔ اٰکہ اوس جاناوارانٛنک شَقہِ اِرادٕ کوٗر مُت لہٰذا پرٛژھنس تورتہِ وَتھ۔ شِکاٗری ہاٗوُنس وَتھ تہٕ دژاوہِ برونٛہہ گن۔ اَمہِ پتہٕ ووت یہِ اٰکِس بڑِس ماٗدانس منٛز اَتہِ سمکھ نہٕ اٰمِس کانٛہہ اکھا ماسولیہِ اکھ جوٗگی یُس اٰکہ ہٕنز یہِ منٛچ کتھ وۄنی۔ جوٗگی وۄن اٰمِس زِمہٕ کر یژھ کوٗشِش مگر سُہ ہیوٚکنہٕ اٰمِس پتھ رٔٹتھ لہٰذا وۄنُن اٰمِس جوٗگس زِ ژٕ ہاوِ مےٚ صِرف وَتھ تہٕ دِتم اور گن نیرنہٕ۔ اَمہِ پتہٕ دِیُت جوٗگی اٰمِس اکھ کنہِ پھوٚل بیٚیہِ اکہ لوکُٹ کتر کھوٗس تہٕ وۄننس زِ ژٕ ترٛاٗوی زِ یہِ کنہٕ پھوٚل

پانس بروٚنہہ کُن تہٕ پکی زاٗ تھی پَتہٕ پتہٕ۔ دوٚ پنس زاٗ تھ کنہٕ پھلِس پَتہٕ پتہٕ واتکھ ژٕتھد بالہٕ کِس دامنس تَل تہٕ اَتہٕ بوزکھ ژٕ سخت شور یہوے مانتہٕ سخت گگراین تہٕ واوِ طوٗ فانک ہیوٗ۔ اتہٕ ما گرٛھی ژےٚ ناو ہتھ تہٕ آلو مگر کھوٗ ژی زبہٕ تہٕ نہٕ دی زِامہٕ خاطرٕ پتھ کُن نظر۔ ہرگاتہٕ کوٚ رُتھ تیٚلہٕ گرٛھکھ اُتی وٕٗنسی۔ ژٕ یِیلہٕ بالہٕ تینژاٗلس پیٚٹھ واتکھ اتہٕ وُچھکھ ژٕ سوٗنہاٗری آٗنک اکھ ناگ تہٕ اَتھ ناگہٕ بٔٹھس وُچھکھ اکھ کُل۔ امہٕ کُلچہٕ اُکِس لنجہٕ وُچھکھ اکھ پنجرٕ الوند۔ اُتھی پنجرس منز چھ یہٕ جاناوار۔ کُلس نِشہٕ واٗتتھ گری زِ گوڈٕ اُتھی لنجہٕ تھپھ تہٕ اِدِ دی زِاوٗندپوٗک کُن نظر تہٕ وُچھ زِبہٕ کیاٗ ری آس۔ یہٕ گرِی زِ ضروری تہٕ راوی واپس وَتھ۔ جاناوار پرٕ ژٕ ھی زِ ژٕ کیا زِ آکھ یور تہٕ ژٕ دی زبس جواب زِبہٕ آسے ژےٚ رٕنہٕ۔ امہٕ پَتہٕ چھی نہٕ ژےٚ کانہہ پرواے تہٕ ہرگا ژٕ یم ساٗری چیز کرکھ تیٚلہٕ تِی نہٕ کانہہ زیادٕ سختی تہٕ جلدٕ ے ہیکِکھ جاناوار ہتھ واپس یتھ۔ لڑکہٕ دژ اوتہٕ کینژھا دوٗ رتاٗنی پکِتھ سِیُد ساٗلم رٕتی پاٗٹھی مگر یِیلہٕ سُہ بالس نِشہٕ ووت تہٕ اَتہٕ اُگی زبردست کربکہٕ ناد ،گگراین تہٕ واوُک زبردست شور یُوٗ زسُہ پھیوٗر پَتھ کُن تہٕ امی وِزِ بنیاس گنہٕ پَل۔

امہٕ پتہٕ کینہہ دوٚہ سوٗنچ دوٚ یم ہوی باٗ ے زِبہٕ گرٛھہٕ تہٕ وُچھہٕ زِ تس یتی کیاہ سَپُد۔ سُہ ووت تتھی جنگلس منز یپاٗری تَسُند بوے اوس دژ امُت تہٕ اَتہٕ وُچھن شکاٗری تہٕ تِتھے ٔکنٕ ووت بڈ ماٗدانہٕ ۔کنہٕ تہٕ اَتہٕ نِرتھ سمکھیاس جوٗگی۔ یمو دوشوٕ ے کریا واٗمس سخت زِ ژٕمتہٕ گرٛھ تہٕ۔ اکھِتے ووٗنہس باٗ ے یندِ مرنک تہٕ تیٚمیک ثبوٗت یہٕ اوس زِ کترٕ کھوس تہٕ گنہٕ پھوٗل اوس واپس جوٗگِس نِش ووتمت۔ یِیلہٕ اُگی یہٕ بوٗزاُگی پُژٕ ژٕھ جوٗگِس زِاُگی یندِس باٗ ے یندِس (واپس زند گرٛھنس) ژھنا کانہہ چاراتہٕ اُگی دوٚنس

اور۔ آچھس مگر صِرف تسندی ڈسی یُس اُمس جاناوارس اُنتھ ہیکہِ تیلہِ دِمے یہِ کھوس تہٕ گنہِ پھوٚل تہٕ دِم روخصت" لڑکن ووٚنس۔ جوٚگی ڈِیُس تہٕ دڑاو یہِ لڑکہِ۔ کینژِس کالس روٗ دسہ بأے ہسندی پأٹھی ٹھیک پأٹھی بروٗنہہ کُن پکان مگر یِیلہِ بالس نِشہِ ووت تہٕ اَتہِ خوفناک شور بوٗزن سُتہِ پھیوٗر پوٚت تہٕ گوو وٹسی۔

اَمہِ پتہٕ کینژہہ کالی کوٚر رکانسہٕ گُڈ ہوری یِمن ژھانڈنہِ نیرنک اِرادٕ۔ دوکھہٕ ہتہٕ مگر بہودُر پأٹھی ہیوٚت اُکی بینہِ تہٕ مونگتہٕ مأجِس روخصت تہٕ دڑاو۔ سہ ووت جنگل تہٕ وُچھن اَتہِ شِکأری تہٕ پتہٕ ووت بروٗنہہ کُن بڈِس مأدانس منز تہٕ وُچھن جوٚگی۔ تمن نِشہِ بوٗزأی پننہِ ہمن دوٚن باین ہندِ مرنک تہٕ وَننہٕ آس زِ ژٕ تہٕ مہ کریژھ کوٗشش مگر یہِ پھیوٗرنہٕ باز۔ "میانہِ زندگیہ کیاہ مزٕ تہٕ کیاہ حسر چھ میانبو بایو ورأے؟" تمی ووٚن جوٚگی ہسندِس واپس پھیرنہٕ باپتھ جِدوجہلس منز۔ تمس درجواب "ژٕ دِتہٕ مے کھوس تہٕ گنہِ پھوٚل تہٕ بہٕ گژھہٕ تہٕ کرٕ جاناوار حأصِل کرنچ کوٗشش یِیمہِ کنی میأنی بأے دُبارٕ زِندٕ سپدن تہٕ میانہِ بینہِ ہنز خأہش تہٕ پوٗرٕ سپد"۔

لہٰذا دِتی جوٚگی اُمس یِم چیز تہٕ دِتُنس نیرنک اجازت۔ اَمہِ وِزِ ووت نہٕ کھوس تہٕ گنہِ پھوٚل جوٚگیس واپس تکیأزِ لڑکن گرڈاڈ تہٕ سہ کھوٗژنہٕ تہٕ ووت تأنی دِژن نہٕ پوٚت نظر یوٚت تأنی نہٕ بالہِ تیتھ اُس پیٹھ ووت۔ اَتہِ وُچھ اُمی سونہأری آیک ناگ تہٕ اَمہِ کِس بٹھس پیٹھ اکھ کُل تہٕ اَمہِ کلچہِ اُکس لنجہِ پیٹھ وُچھ اُمی پنجرس منز جاناوار یِیمہِ ہسندی میٹھی بأتھ فِضاہس منز وَزان اُسی۔ یتھے اُمی اَتھ کُلہِ لنجہِ تھپھ کرٕ سوٗرے شور تہٕ گگراے گیہِ بند۔ اَتہِ اُس نہٕ ووٗنی کانْہہ آواز ماسوایہِ اُمس جاناوار

ٔسنز یہِ آواز زِ ژ کیاز زِ چھکھ یور آمُت تہٕ ژٔے کیاہ گژھی۔ لڑکن وۄنُس مے گژھہِ نہٕ کِہنی صرف ژٕ تہٕ کینژہہ سونہٲری آب تہٕ بێیہِ یہِ کُلی لٔنڈ۔ یتھ پیٹھ یہِ پنجرٕ الوند چھُ تہٕ بێیہِ گژھن میٲنی دونوے بأے واپس زِندٕ سپدنی۔ جاناوارن وۄن اَمِس زِ ژ ھیہِ لٔنڈ تہٕ بَرپنِس کھأرِسس سونہری آب۔ جاناوارن وۄن اَمِس زِ ژٕ بَر بیا کھآبہٕ بانہٕ تہٕ۔ یہِ بانہٕ آسی اَتی کُنہِ اَندی پکی۔ لڑکن کۄریٖ تہٕ پَتہٕ تُلن یہِ پنجرٕ تہٕ باقٕی چیزٕ تہٕ لوگن (بالہٕ پیٹھہٕ) واپَس وَسُن۔ بۄن وَسان وَسان وۄن جاناوارن اَمِس زِ ژٕ چھکھ اکھ آبہٕ بانہٕ تِمن بجن کنین یِمہٕ اَتہِ اَندی پکی چھکرِتھ آسہٕ۔ لڑکن کۄریٖ تہٕ یِمہٕ سارے کُنہٕ بنیہِ سیۄ دُے اِنسان۔ بادشاہ، شہزادٕ تہٕ وارِیہہ بۄڈی، بہادُر تہٕ پاکباز گے واپس زِندٕ۔ تِم آے تہٕ کۄرُکھ اَمِس لڑکس شُکریہ تہٕ اکھُتے وۄنہس زِ اَسی کروے ژٕے نوکرأزی۔ اَمی سندی زِ بأے تہٕ سپدی زِندٕ تہٕ بروٚنہہ کُن یتھ پژٕ ژھس خأر پاٹھ۔

اَکس دۄن دوہن اندر اندر وأتی یِم سأری جۆگس نِش۔ یِم ترٕ بارٕنی اَسی سارِنٕے بروٚنہہ بروٚنہہ۔ یێلہِ اَمی یہِ لڑکہٕ وُچھ تہٕ جۆگ زون زِ لوکٹ ہیۆ لڑکہٕ چھ کامیاب سَپدمُت تہٕ کۄرنس دُعایہِ خأر۔ بروٚنٹھ کُن پہَن پکیتھ آو شِکأری تہٕ یِمن سمکھنہِ۔ یِم وأتی باغوان سُندٕ گرٕ خأرٕ سان تہٕ اَتہِ کۄر اَمی بُڈ مۄہنوی تہٕ یِہنزٕ بێنہٕ یِمن تہٕ بێیہِ یِمن ئیتی آمتین دُبارٕ زِندٕ گمتین نفرن استقبال۔ یِم بۄڈی لۆکھ اَمِس لوکٹِس لڑکہٕ سندِ دٔسی دُبارٕ زِندٕ اَسی سپدی ئیتی تِم تہٕ ژاے یِمن پَتہٕ یِہندِس گرس منٛزٕ تہٕ اَسی نہٕ اَمِس نِشہِ نیرانٕے۔

بُڈ باغوانن وۄن زِ "اَسی کِتھہٕ کنی ہکوٚ پیتین نفرن وأتھ"

جاناوارن وۆنُس "مہ ہے غم۔ پژبتھ کانْہہ چیز واتہٕ"

جاناوار سُند وَنُن دژاو پوٚز۔ پژبتھ دوہہٕ اوس کھِمن چَن برابر واتان۔ پژبتھ کانْہہ مختلف چیز اوس سیٹھا مقدارس منٛز تہٕ سولہٕ سولہٕ تہٕ سأری پژھی اَسی مُطمٔن۔ یؤت جلد ممکن سَپُد تہٕ تیٚؤت بنوأی باغوانن تہٕ تٔمی ہِندِ بوٚ مونکتہٕ نچویو پنٕہ نٔبن یِمن لٲ زِم دار پژھمِن ہِندِ خأطرٕ اکھ شاندار مکانہٕ۔ تِمو کھنو واتہٕ اکھ بوٚڈ تلاو۔ یتھ منٛز یِمو سونٛہری آبہٕ بانہٕ پھیُر تہٕ یِمو لٲج سوٚکٲلٔنڈ اے تالاب کِس ماولس پیٹھ یوسہٕ أمی لوٕکٹ ہوی بأے أنی ہرٕ أس۔ اَمہِ کِس دوٚہس تژ وۆ کھ سونٛہری آب تہٕ یہٕ لٔنڈ بنیہٕ اکھ سیٹھہے خوٗ بصورت گُل۔ وۆنی اَس أمس بُڈ باغوان تہٕ أمی ہِندِس عیالس خوشحأ لی بَرس پیٹھ پژاران۔ تِمن ییٖچ سیٹھا دولت تہٕ عزت۔ تِمن اَس تمہِ نِشہِ سیٹھا زیادٕ دولت زِ یَتھ تِم حساب ہکہٕ ہَن تھأوِتھ لہٰذا گئے تِم پوٚرٕ دُنیاہَس منٛز مشہوٗر۔ پانہٕ بادشاہ آو یِمن سمکھنہِ تہٕ یِمن ہِنٛدِ کوٗ رُن ہر رنگہٕ برابری ہُند وِوہار۔

اکہِ دوہہٕ پرٛژھ یِمن بادشاہَن زِمے وٗنی توٗزِ توہہٕ کتھہٕ پأٹھی چھَون یتھ خوٗ بصورت تہٕ گاٹُل جاناوار اوٗ نمُت تہٕ لوٕکٹ ہوی لڑکن وۆنُس سأرُلم کینْہہ۔ بادشاہَن پرٛژھُکھ یتہٕ زِ تِمو۔ کتھہٕ کنٛی أسی تھی تھدِ پایکی مُلازم تہٕ یپژ دولت حاصِل کرٕ ہرٕ۔

اَمہِ پَتہِ لوگ جاناوارن کلامہٕ کرُن تہٕ وۆنُس "بوز۔ اے بادشاہ۔ بہٕ وَنے۔ یِم تژ ے نوجوان تہٕ یہٕ خوٗ بصورت کوٗ ریوسہٕ ژیے بروٚنْہہ کنہِ چھے یِم چھنہٕ باغوان ہِندی شُری یہٕ زَن سارِنے باسان چھ بٔلکہٕ چھ یِم چأنی شُری"۔

بادشاہَن وۆنُس "یہِ کتھہٕ کنٛی" سُہ اوس یڈ حأران "کیاہ کتھہٕ کتھ جاناوارا

چھُ یہِ"

جاناوارن وۄنُس" ہے بادشاہ۔ اگر نہٕ ژٕ ے شرارت کھسی تہٕ بۄ ونے۔ بۄ چھُس نہٕ بیقل پأٹھی گتھ کران۔ یم ژٕ وشوے شُری چھِ تِمے یمہٕ چانہِ لوکچہِ ہشہِ آشنہِ ہندی چھِ۔ یوسہٕ ژٕ ے محل خانہٕ منٛز کڈِتھ ژٕ ھنٛ تھٕن۔ تَس زاے نہٕ کاوٕ بچہٕ تہٕ ہونہِ بچہٕ یہِ زَن چانوٕ ہُمو بد خصلت زنانو وۄنُے۔ تِمو وۄنُے ژٕ ے اَپُز۔ یتھ زِ ژأمی ہے زیادٕ قدرتہٕ یمہٕ لڑٕھِ گَر ہکھ نہٕ۔ تِمو بُری پننوٕ اَتھو یم شُری صندوٗقس تہٕ ژٕ ھنکھ دٕ ریاوس۔ یتھ زِ یم آبس پَھٹٕ ہَن مگر پرمیشورس أسی یم باغوانہٕ سند بوٕ اَتھو بچاوِنی۔ اَمہِ پَتہٕ کینژٕ دٕ ہری بوٗز ہُمو بدخصلت مٔلکانوٕ زِ یم شُری چھِ زِندٕ تہٕ أکس گاٹجہِ بُجہٕ ہندِ ذٕ ری یہِ گرٕ کھ چأنی کوٗر یوسہٕ زن یہِ شہزأدی چھےٚ۔ یمہِ گتھِ خأطرٕ تیار زِ یہِ منگہِ مےٚ تِکیأ زِ بۄ حأصل کرُن اوسُس سخت مُشکل تہٕ ہَتہٕ بدبو لۆکو أس مےٚ حأصل کرنچہِ کوٗششہِ منٛز پننٛ زندگی راوٕ رہمٕ۔ تِمن أس پتاہ زِ شہزادٕ گرَن پننہِ بیٚنہِ ہنٛز خأہش پوٗرٕ کرنہٕ خأطرٕ کوٗشش تہٕ یِتھہٕ کنٛز أس تِمن وۄمید زِ باقین ہندی پأٹھی گژھن یم تہِ مارٕ۔ زٕ زِ ٹھی ہِوی شہزادٕ گے وٕ ٔسکی تہٕ شاید ماروٕ ہَن یِتھے کنٛز ہمیشہ گنہِ پَل بٔنتھ ہرگانہٕ یہِ کأنسہٕ کوٚٹ شہزادٕ مےٚ تانٛ واتہِ ہے۔ بادشاہ صأب۔ توہہِ بوٗزو میٲن کلامہٕ"

اَمہِ پَتہٕ گُر جاناوارن گتھ بند تہٕ اَتہِ گٔیہِ کینژٕ ن منٹن موٕ تنٛ ہش ژٕھوپہٕ۔ أخرس تہٕ گُر بادشاہَن گتھ:۔

تُمی دِژ کرٕ ہکھ "مےٚ کیٛاہ کوٚر یہِ؟ ہاے میٲنی ٹأٹھ معصوٗم آشنٛی! مےٚ کیٛاز بوٗزٕ پننہٕ نٕبن ہُمن زنانن ہنٛز اَپز گتھہِ تہٕ ژٕ ژھنٛ مکھ کڈِتھ؟"۔

پَتہٕ ژھچہِ بادشاہَن وَدَن باکہٕ تہٕ اَتہٕ یِم تہٕ اُسی تموتہٕ وۄد۔ تتھے بادشاہ واپَس محل خانہٕ ووت تِمی ژھنہٕ ہُم بدخصلت رانہٕ کڈتھ تہٕ یوسہٕ کڈتھ ژھنی ہرٕو اُسن سو انناوِن واپَس۔ بادشاہ تہٕ اُمی سنزِ ناچھ مُلکانہٕ ہنز خوشی ہیکہٕ نہٕ لفظن منز بیان سپدِتھ ییلہِ تِم پانہٕ واُنی سمکھی تہٕ تہٕ ییہِ ننیا کھ زِ یِم اُسی تتھین ترٕبن لڑکن تہٕ پزٕھ ماُرک منزِ شہزادٕہندی مول موج۔ اَمہِ پَتہٕ چُھ وَنُن زِ تِم رُوٗدی واریہس کالس زِندٕ تہٕ سبٹھا واُنس کڈکھ۔ پزٕبتھ کانہہ اوسکھ احترام کران تہٕ ٹاُٹھی وہندان تہٕ یِموٕ پَتہٕ کرِ یہندو ترٕ ییو شہزادو مُلکس پیٹھ حکوٗمت۔

(راوی ۔مکند بایو۔ سوٗتھ سرینگر۔ تِمی یہِ کڑنڈی وینجہِ
بیٛارِکس اَکِس بڈٕ مُسلمان پُہلس نِش بوٗزمٕژ چھےٚ)



# بیٛا کھ متن

ئہ وَنوتو ہہِ دۄن شاہزادَن ہنٛز دٔلیل ۔ یہِ اوس اَکھ بادشاہ أمِس آسہٕ ترٛے زنانہٕ مگر ییٚژ زنانہٕ أسِتھ تہٕ اوسنہٕ تٔمِس کانٛہہ نیچو ا۔ اَمہِ کِنٛۍ اَس أمِس سخت پریشانی تِکیٛا زِ سُہ اوس قدرتی طور یہِ سوچان زِ تٔمی سِنٛدے خونٛک کانٛہہ شخصا گوٚژھ تَس پَتہٕ مُلکس حکوٗمت کرُن ۔ اَمہِ ہُر یمانہٕ اوسنہٕ تٔمِس تیٚتھ تہٕ کانٛہہ نظرِ تل یُس اَمہِ اہم منصب خاطرٕ مُنأسِب بأسِتھ سُہ تٔمِس مقرر کرِ ہے۔ أخرس ہیوٚتُن باسُن زِ یہِ مُشکل تہٕ پریشانی ہیٚژن ختم گژھنۍ تہٕ تٔمی سٕنٛز تریٚیم زنانہٕ اَس گوبہِ کھورٕ۔ بادشاہَن ییٚلہِ یہِ بوٗز سُہ سپُد سبٕٹھا خوش۔ سُہ اوس پرٛتھ دوہہِ مُلکہ ہنٛز خبر اَتر پرٛژھان تہٕ پھِری پھِری اوس حُکم دِوان زِ أمِس گژھِ زبر پأٹھۍ وُچھنٛ داشُن ۔ یہِ چھُ پتہٕ زِ بادشاہ سٕنٛدِ طرفہٕ أمِس متعلق ییٚژ فِکر ہنٛہٕ کِنٛۍ آوٕ باقین رانین اَزرُون۔ تمہٕ آسہٕ یژھان زِ بادشاہ گوٚژھنہٕ ہر ساعتہٕ أمی سے یوت متعلق سوچُن تہٕ تمَن نِش نہٕ زنہِے تہٕ یِن۔ تمَن اوس خوف زِ یہِ روز زِ تِتھے کِنٛۍ چلوٗن تہٕ خاص کرِتھ اگر أمِس نیچوٗ زاو۔ لہٰذا اگر تمو ژوِے یِتھ نہٕ یہِ سپُد ہے۔

تِتھے یمَن موقعہٕ آوتہٕ یِمو بلأ وشأہی وارِنۍ تہٕ تٔمِس دِتِھ ییٚمہِ خاطرٕ رشوت

یام اَمِس بچہِ زیٖوٗ یہِ تھاوِ تمِس بدلہٕ لتہِ ہوٗنہِ بچہ۔ تمہِ کوٚر یہِ وعدٕ پوٗرٕ تہٕ یُس ماَرِ موٗند لوکُٹ بچہ زاوسہ نیٖوٗن تہٕ ترٛ ووٗن اَکِس چھانہٕ ہِنٛدِس وانس منٛز۔ بادشاہَن ییٖلہِ شُری ہِنٛدِس زبنس متعلق عجیٖب کتھا بوٗزٕ تَس سپُد سبٹھا دوکھ تہٕ سمجھی اوسُس نہٕ یوان زِ مے کیاہ پزِ کرُن۔

اَمہِ پتہٕ کینٛژٕ کالہِ اَس ترٛ ییم مَلکانی بیٛیہِ گوبہِ کھور "ووٗنی کیاہ نیٖرِ ضروٗر مے دِلکٕ شُر" بادشاہَن سوٗنٛچ تہٕ دِتُن بڑ وڈی می پاَٹھی حُکم زِ ملکہ ہُنٛد گرٛھ پوٗرِ پوٗر رٹہٕ سبٹھاہ خیال یُن تھاونہٕ مگر باقین زنانَن آو بیٛیہِ اَزروٗن دوتلتھ لہذا کوٚر تمو بیٛیہِ وارنہٕ تِکی سٕتہِ زِ سو بدلاوِ شُرس تہٕ یِلی کوٚر تہِ تمہِ۔ تہٕ یُس ووٗنی بچہ اوس۔ اَکھ اصل لڑکہ پیٛوٗنتا۔ سُہ نیٖوٗن تہٕ ترٛ ووٗن تتھے پاٹھی چھانہٕ وانس منٛز تتھٕ کنٛز اَکھ سُنٛد بوے اوسُس ترٛوومُت۔ بادشاہَن ییٖلہِ دوٚیمہِ پھِرِ یہِ کوٚشیچھ بوٗزٕ تَس روٗدنہٕ صبر تہٕ حُکم دِتُن زِ ملکہ گرٛھ محل خانہٕ منٛز کٔڈِتھ تنٛز ژھننہٕ۔ یہِ بچاَر ژھنِکھ کٔڈِتھ۔ کانہہ پنٛساتہِ اوسُس نہٕ تہٕ اَمِچ زِنٛدِ روزنہٕ خاَطرٕ گرٕ پتہٕ گرٕ پِھچھنہٕ۔

ہُپاَری اوس چھان تمن دوٚن شُربن بڈلولہٕ سان رَچھان۔ سُہ اوس ہر ساعتہٕ خدایس کُن شکر کران زِ تمہِ چھاژے سوٗزِتھ مے تِتھی ہوی خزانہٕ (شُری)۔

کینٛہہ ؤری گٔزرے زِ شُری اَسی محل خانس نکھہٕ سڑکہِ پیٹھ تتھ کاٹھہٕ گرِس گندان یُس یِہنٛدی موٗنکتہِ ماٗلی یِمن خاطرٕ گوٚرمُت اوس تہٕ بادشاہ اوس یِمن وُچھان۔

"کاش مے تہٕ آسہِ تِمَن تتھی نیٛچو جورِ!" تمی ووٗن جذباتی پاٹھی" ہے

گوٚ برٮ۪تھ ۔ ژٕلی وٗ ویٚئو رؠ'' تِمَن آلو کران وۄن تِمو ۔'' توٚہی یِیِٚتھ واَمحل خانس منٛز روزُن تہٕ میٚأنی مُلازِم بَنٛنی؟''

''نہ'' تِمو دوشوٕے دِتِھَس اَتھس پیٚٹھ جواب ''أسی چھِ أکِس غریب چھانہٕ سِنٛدی شُری تہٕ أسی چھِنہٕ یتھ لایق زِ پیٚتھ تھٔوٕزتہٕ بٔڈ ذمہٕ دأری ہیٚکو نکھہٕ وألتھ'' یہٕ ونان پھیری تِم پتھ تہٕ دوٗر رٲہن ژٕلتھ لوگکھ نٔوسرٕ گنٛڈن ۔ بادشاہ اوس توتہٕ یمن گن تعجب سان وُچھان ۔ أتھی منٛز وُچھ أمی یِمَو منٛز اَکھ لڑکہٕ اَکھ بٔتہٕ چمچا کڈان تہٕ گُری سِنٛدی چانٛٹس نٔشہٕ رٔتھ ونان'' کھےٚ یہٕ ۔ ہے کاٹھہٕ گُریا ۔ ژٕ کھکھا یہٕ رٔنہٕ نہٕ'' أمہٕ پتہٕ وُچھ أمی دوٚیم لڑکہٕ اَکھ تریشہٕ پیالا اَنان تہٕ أمس جانورس لٔٹس گُن رٔتھ ونان'' چٕے ۔ ہے کاٹھہٕ گُریا ۔ چٕے ۔ ژٕے چھیا چوٚن رٔنہٕ نہٕ'' بادشاہ روٗد یہٕ سأرُے وُچھان تہٕ بوزان تہٕ یِہنٛز اَتھ بیقلأ زی پیٹھ اوس حأران گژھان ۔

''ہے شُریو ۔ ژٕلی وو ویٚئو رٕ ۔ یِی وُوتہٕ مےٚ وٕنو توٚہی کیاہ چھو کران'' تِمو وۄنکھ'' کاٹھ گُر رٔتھہٕ کٔنی ہیکہٕ کینٛہہ کھیتھ یا چیتھ؟ توٚہہ چھُو نہٕ وُنہٕ تہٕ یہ پتاہ؟''

''آ'' لڑکو وۄنُس تہٕ پتہٕ تہٕ ژٕتبس پاوان یہٕ یِمَو اَتہٕ کٔڈتھ ژھننہٕ آمٕژ ملکہ ہِنٛد بن زامتیٚن شُر بن متعلق بوٗزمُت اوس تہٕ وۄنُس ''زنانہٕ ہیکہٕ نا ہوٕنہٕ بچہٕ زٕتھ''

اچانک گوو بادشاہَس تہٕ اَتھ کُن ظون زِیہٕ رٔتھہٕ چھُ ممکن تہٕ گوس احساس زِ أمی رٔتھہٕ کٔنی کٔر پیٚتھ بیقل گٔتھہٕ پٔژھ ۔

تِمو وۄن لڑکن کُن ''نیرٕ وگرٕ ھوٲنتھ'' تہٕ پانہٕ ژاو محل خانس منٛز ۔

بیٚیہٕ دوہہٕ صُبحأے کٔر أمی اَتھ پیٹھ بٔنہٕ نیٚن وزیرٕن سٕتی گٔتھ تہٕ پٕژھنکھ اَتھ

متعلق صحیح راے۔ تمو سارِوے دِتہس جواب زِ تمن اُس نہٕ زنہے یہ کتھ پتھ ہو مگر تم
اُسی اَتھ متعلق بادشاہس کینٛہہ وَننس کھوٗژی ہتی۔ بادشاہن ووٚنکھ زِ تیلہِ کیاہ اوس
تہندی کنہٕ اَتھ متعلق پزٕر۔ تمو ییلہِ ووٚنہس زِ یتھ کتھِ چھُنہٕ کانٛہہ شکے زِ باقی راننٕ
آسہِ ہے بادشاہ سٕندِس تریٚیمہِ آشنہِ کُن ژوٚر توجہ دِنٕس پتھ تَنٛد ضِد گوٚمُت تہٕ توے
آسکھ تس خلاف ژوے گر ہژتہٕ توے ووٚنہس زِ ژٕ اناوُن سوو ارِنی تہٕ تمِس وَن زِ ژٕ
وَن پوٚز زپوٚز زِ تمن شُر بن کیاہ کوٚرُتھ ژے نتہٕ ژھنتھ بہٕ مأرِتھ۔ لی آو کرنہٕ تہٕ چھانہٕ
سٕندی ییم ناودار گُڈ زِ آے اُمِس بزٕ ونٛہہ کُن واتناونہٕ ییم اُمی سٕندی پنٕنی شُری آسہٕ ثابت
سپدی اَتھ پتھ آیہِ ترٛیٚیم مٔلکأنی فل فوریکاونہٕ تہٕ ہُم زِ بدخصلت رانہِ آیہ کَڈِتھ ژھننہٕ۔
اَمہِ پتہٕ گُزریاو پزٕ بتھ کینٛہہ خوش تہٕ خوشحال پأٹھی۔ بادشاہ تہٕ تسٕنز آسہٕ روٗز
وارِیہَن وٕرِیَن زِنٛدٕ تہٕ شہزادِ تہٕ گے بالغ۔ تم اُسی گاٹلی، رٕتی تہٕ مأرٕ مُنٛدی۔ پننہٕ نس
بٔبس مألِس سٕتٕ خوٚشی، پننہٕ نس مُلکس خأطرٕ شوٗب تہٕ سارنی خأطرٕ تعریفن لایق۔

(راوی: پنڈت آنند رام۔ رٕنی وور سرینگر)



# بیٚپہٕ تہٕ بیٚا کھ متن

یہِ اوس اَکھ ناماوار بادشاہ یَس ژور ہَتھ زنانہٕ آسہٕ مگر شُراہ اوسُس نہٕ کانٛہہ۔ بادشاہَس اوس اَکھ خاص طوطہٕ یُس اَمِس سیٚٹھا زیادٕ ٹوٹھ اوس۔ دربارٕ پیٹھہٕ واپس یِتھ اوس سُہ اَمِس ہمیشہِ اناوان تہٕ ییمہِ وِزِ نہٕ کُنہِ وجہ کِنۍ یہِ طوطہٕ اَمِس نِش آسان اوس یہِ اوسنہٕ خوش باسان۔

اکہِ دوہہٕ اوس اَکھ وزیر پنجرس لَرِ استادٕ زِ تُمۍ وُچھ یہِ گنڈٕ ہیوٗ اَمہِ کِنۍ بلووٕ اَمۍ اَکھ نوکر تہٕ جاناوار اَمہِ منٛزٕ نیبر کَڈِتھ دِتُن اَمِس یہِ پنجرٕ صاف کرنہٕ خاطرٕ۔ اَتھۍ منٛز سوٗنچ اَمۍ زِ یہٕ وُچھہا اَمِس طوطس کوتاہ چھُ وُڈنُک طاقت۔ لہذا اگوٚنڈُس زنگہِ اَکھ زیوٗٹھ پَن تہٕ تر وُون یلہٕ۔ جاناواردژ اوتیوٗت ییٚتِس یہِ پَن پوٗش تہٕ پتہٕ ییلہٕ اَمہِ پَنہٕ ستۍ ڈنگ ہیوٗ لگان باسیوس تہٕ اَمۍ ژوٗٹ یہِ تونتہٕ ستۍ تہٕ گو ویلہٕ۔ یہِ چھُ وُوٗنۍ وُڈان تہٕ وزیر چھُس پتے۔

اَمۍ بچاری کوٚر اِرادٕ زِ یہٕ روزٕ اَمِس پتے تہٕ ہرگاہ ژٕتھ ہیوٗ کُم تہٕ اَنَن واپس نے تہٕ تیلہِ گوٚژھہٕ بیٚپِس مُلکس تہٕ کیاہ زِ سُہ ہیکہِ ہے نہٕ اَمِس ورا ے بادشاہَس نِش پیٚنِس بہرِتھ۔ طوطہٕ وُڈیاو سیٚٹھاہو کھوتہٕ بیٚپہٕ اکہِ بڈٕ ڈری یاوٕ پیٚٹھۍ تہٕ پتہٕ بیوٗٹھ اَکِس

بڈس زنڈس پیٹھ یُس ڈریاوَس نکھے اوس اَتہٕ روٗٹ اکہٕ زنانہٕ ییمہٕ سُہ گرٕنیوٚ۔ خوش قسمتی ـ کِنۍ وُچھ یہٕ وزیرن تہٕ تَس پتہٕ گژھتھ اوٗنن یہ جانور واپس۔ سُہ اوس وۄنۍ سبٹھاہ خوش۔ شُکر گزٲری ـ کِنۍ وۄن اُمس زنانہٕ زِ اگر مانکھ تہٕ ئہ کرے ژٕے بادشاہَس ستی کھاندر تہٕ یِتہٕ کوٗرنس وعدٕ زِ کھاندرُک سٲلم خرچہٕ دِمے بہٕ۔

زنانہٕ موٗنس ـ اَمہٕ ـ کِنۍ دِتی وزیرن اُمس زنانہٕ ترٕہ ساس روپیہٕ یتھ زِ سو پکو دَلو، مکانہٕ تہٕ اَمہٕ موقعہٕ خاطرٕ باپتھ سٲری چیز تیار کرِتہٕ وۄننس زِ کینژن رتن اندر اندر کری زِ سٲرے تیٲری تہٕ مےٚ کری زِ شیچھ۔ محل خانہٕ واپس وٲتتھ ۄنۍ وزیرن یہ سٲلم ذلیل بادشاہَس تہٕ بڈ جوشہٕ سان وۄننس اُمس زنانہٕ ہِنٛد گاٹہٕ جارتہٕ خوٗبصورتی ہُنٛد یتھ زِ بادشاہَن اُمس ستی کھاندر کرٕنچ یژھ بٲو۔ جلدٕ ے سپد کھاندرُک انتظام۔

بادشاہَس گیہٕ نوٚ زنانہٕ بڈٕ ٹاٹھ تہٕ ییلہٕ تَس یہ ننیاو زِ یہ چھےٚ بیہٕ پاٗٹھی سو گیہٕ تَس وارے ٹاٹھ۔ تمۍ سورٕنچ زِ "چھیکرس تہٕ گژھہٕ مےٚ وۄنۍ اولادٕ آسنک ارمان پوٗرٕ۔ ٹلہٕ کمن تہٕ یہ نچوٗ آسہٕ!" تمۍ دِتی خاص ہدایت زِ اُمۍ سُنٛد گژھہِ خاص خیال یُن تھاونہٕ تہٕ رٕتی پاٗٹھۍ گژھہَس واتنہٕ یُن تہٕ باپتھ طریقو تہٕ ہوۄن اُمس نسبت پُٹن احترام۔ یہ ہیکہٕ پانے انداز کرٕنہٕ یتھ زِ اُمۍ سِنٛزِ اَمہٕ فِکر مندی ـ کِنۍ وۄتھ اُمۍ سِنٛزن باپتھ زنانَن حسد تہٕ تِمو کوٚر صحیح زِہر گاپلیاو تہٕ اُمس گرووٕ گرٕمنۍ ـ بچہٕ زینہٕ برٕ وٕنہہ پہَن اناٗو تمو وارِنۍ ناد ۄتھ تہٕ دِتی ہَس رشوت ـ کِنۍ لال جوہر تہٕ روپیہٕ یتھ زَن سو بچہٕ زیتھے تَس بدل اَتہٕ کُنۍ تھاوِ۔ یی آو کرٕنہٕ تہٕ بچہٕ یُس اَکھ اصل لڑکہٕ اوس سُہ آو صندوقس برٕتھ ڈریاوَس پیٚ ترٕاونہٕ۔ بادشاہَن ییلہٕ ۄنۍ زِ اُمس اوس کیاہتام عجیب چیز زامُت تمۍ سُنٛد لول بدلیاو

زبردست نفرت تہٕ ناراضگی مٔنز۔ حُکم دِژن زِ زنانہٕ کڈیٚون تہٕ بُریٚون گرِی گانس تہٕ تِمنٕے پأٹھی گرِ ھبس کھٔبنس وُشکہٕ دِنۍ۔

پگہہ صُبحس اوس اَکھ خدادوست دریاو بُٹھس پیٹھ یادِ خدا کران تہٕ تٔمۍ وُچھ اَکھ لوکٕٹ صندوق دریاوس پٮ۪ٹھ وَسان۔ سُہ چھُ سونچان زِ اَتھ مٔنز کیاہ ہیٚکہٕ آستھ تہٕ تٔمۍ دِژ کرٛیکھ "ہے صندوقہٕ، ہرگاہٕ ژٕ کُنہِ رنگہٕ مے لگکھ تیٚلہِ یِہ یور ژُن۔ ہرگاہٕ لگکھ تیٚلہِ گوٚژھ پننہِ وَتہٕ" اَتھ پیٹھ آو یِہ صندوق اُمس کُن۔ تٔمۍ تُل یِہ تہٕ واتنووُن پنٕن گرٕ۔ یِہ مُژراوِتھ وُچھن اَتہٕ اَکھ مأرۍ موٚنڑ بچہٕ یُس کالہٕ زامُت اوس تہٕ سٮ۪ٹھاہ خوش۔ تٔمۍ دِیُت یِہ شُر پننہِ زنانہِ رٔچھنہٕ خأطرٕ تہٕ اُمۍ سِنٛدِ تھٔدنہٕ بڈنہٕ تہٕ زیادٕ زیادٕ مأرۍ موٚنڑ بننس پیٹھ اوس شُکرانہٕ کران۔

یہ لڑکہٕ ییٚلہِ نوٚوُہُر ووٚت تہٕ یِہ گوٚو اَکِہ دوہہٕ باقے شُربن سٔتۍ محل خانہٕ کِس صحنس مٔنز گنٛدنہِ ییٚتہٕ سُہ بادشاہس زنانو وُچھ۔ تِمن باسیاو یِہ "ع" تہٕ "غ" بادشاہ سے ہیٚوٗ تہٕ زونکھ یِہ ماچھ اُمۍ سُنٛدے سُہ نیچو یُس دریاوس ترٛاونہٕ آیاو۔ تِمو اٗئی وارِژ تہٕ تِس اُمس کُن اشارٕ ہاوِتھ پرٛژھس یِہ۔ وارنہِ وُچھ وارِ اُمس لڑکہٕ سُنٛد کلہٕ تہٕ پتہٕ دوٗ پٕنکھ آ۔ تِمہِ پرٛژِ زنو یِہ کُلک سُہ دوب ہیٚوٗ وُچھتھ یُس تِمہِ اُمس زہنہٕ دِژ تہٕ وُچھمُت اوس۔ ییٚلہِ یِمو یِہ بوٗزُ تہٕ یِمن گٕے واہ وُستھ۔ یِمن سٮ۪ٹھ وہمہٕ زِ ہرگا بادشاہن یِہ کُنہِ پأٹھی بوٗز زِ یِہ چھُ تٔسنٛد نیچو تہٕ سُہ دِیہ یِمن اَمہِ کمینہٕ گی خأطرٕ سزا۔ لہٰذا کوٚر یِمو وارنہِ سخت زارٕ پارٕ۔ یُتھ زِ سو کوٗشش کرِ تہٕ یِہنٛدِ خأطرٕ یُتھ کانٛہہ مصیبت پیٚیہ نہٕ تہٕ اَمہِ خأطرٕ کوٚر رٔہس پرٛژِتھ قسمہٕ ڈالہِ دِنک وعدٕ۔

اَمہِ زنانہٕ کوٚرگوڈٕ یہِ سَرٕ زِ یہِ لڑکہٕ گتہٕ چھُ روزان تہٕ پَتہٕ گیہِ اورتہٕ پتہٕ وۄنُن
اُمی ہٕندِس موٚنگتہٕ مالکی ہٕنٛزِ زنانہٕ زِ یہٕ چھُسے ژٕرے زام۔ اَمہِ طریقہٕ اُمس ساد زنانہٕ
ہٕندِس دِلس منٛز جاے گرٕنی اُس نہٕ کانٛہہ مُشکل کام۔ اَمہِ پتہٕ رُوٗزسو اُمس نِش پھِری
پھِری گرٕ ھان تہٕ چھیکرس واٗتاور پیٹھ گتھ زِ اُمس آو وَنہٕ زِٕ روز کینژس کالس
اُتی۔ اَتہِ اُس سو اکثر اُمس لڑکہٕ ہٕنٛز گتھ تُلان تہٕ اُمی ہٕندی تعریف کران۔ اکہِ
دوہہٕ وۄن اَمہِ اُمی ہٕنٛزِ موٚنگتہٕ ماجہِ یَس نِکس پیٹھ فخراوس زِ ''مگر مے چھُ پۆرٕ یتھ زِ
اَکُے چیز ہیکہِ نہٕ یہِ کرِتھ۔ یہِ ہیکہِ نہٕ فلاٗنی مُلکس گوٚژھتھ یێتہٕ اَکھ مارٕ موٚند باغ چھُ
تہٕ یێتہٕ باغس منٛز اَکس تلاوس لرٕ اَکھ ژندَن کُل چھُ یتھ سونہٕ ہٕنٛزٕ لنٛجہ تہٕ لالن ہٕندی
پوٗش چھِ۔ ہرگاہ یہِ تور گرٕ ھہِ تہٕ یہِ کُل اَنہِ یہِ یہِ ماننہٕ تہٕ اُمس بنہٕ قسمت۔''
دِگرس باٗگی ہیوٗ بیٚلہِ یہِ لڑکہٕ گنٛدنہٕ پَتہٕ واپس گرٕ آو اُمی ہٕنٛزٕ موٚنگتہٕ ماجہِ وۄن
اُمس تہٕ یہِ اَمہِ یُوٗ زمُت اوس تہٕ یہِ تہٕ وۄننس زِ مے کژاہ فِکر چھے زِٕ گوٚژھکھ اور
گرٕ ھُن۔ لڑکن مون تہٕ دۄیمہِ دوہہٕ درٕ اوسہ ہلہِ گنٛڈنس منٛز کینٛہہ ژوچہ گنٛڈِتھ اَتھ
کرٕ ٹھس سفرس۔ یہِ پوٚک سیٹھا تیز تہٕ وارِیہہ دۄر یوٚت تانی اَکس ناگس پیٹھ
ووت۔ اَتہِ بیوٗٹھ تہٕ ترٕ وۄن تھکھ۔ کےٚ کالی گژھِ اَمہِ ناگہٕ منٛز اَکھ زنانہٕ تہٕ لاجِن اُمس
ہتی گتھہِ کرنہٕ۔ تَمہِ پرٕ ژھ لڑکس زِ ژٕ کوٚت چھِی گرٕ ھُن تہٕ لڑکن وۄنُس۔ اَمہِ پَتہٕ
وۄنُس اَمہِ زنانہٕ زِٕ مہ گرٕ ھ تور تکیاز تتھ باغس منٛز چھِ مچھن ہٕندی پاٗٹھی دیوتہٕ وحشی
جانور مگر لڑکن موٚنُس نہٕ بازیُن تہٕ اَمہِ خاطرٕ ہاوُنس ترٕ ھ تعجلی زِ زنانہٕ زون لی بہتر زِ یہِ
کینژھا تَمی ہٕندی دِ ی ممکن سپدِ ہے نہٕ مدد۔ اتاو اُمس تَمی وۄنُس ''بوز۔ ژٕ ے تہٕ

چھُتھ وۆنی اَتھ پێٹھ دِل گوٚنڈ مُت تہٕ توٚ کَنی چھُ چانہٕ خاطرٕ یہِ ضرۆری زانُن زِ اَمہٕ باغہٕ کَس بَرَس پێٹھ آسہٕ نے زٕ سہہ اِستادٕ تہٕ ہیٚنز بوچھ ہمراونہٕ خاطرٕ پێیی ژےٚ یمن اَکھ کَنہٕ پاَٹ تژ اوٚنی نتہٕ تژ اونے یمہٕ چێپھی تہٕ ژٕھن نَے ماَرِتھ۔ یمن کھوٚژی زبنہٕ بلکہ لاَے زبکھ کَنہٕ ہنز پاَٹ بڑ ونٛتھ کُن تہٕ وٚنی زبکھ مےٚ کُرو مدد۔ تم دِنے باغس منز اَژنہٕ۔ اَتہِ وُچھہکھ ژٕ وارِسہہ دیو مگر ژٕ کھوٚژی زبنہٕ۔ تمن کُری زِماموکُرِتھ گتھ تہٕ وٚنی زبکھ ئہٕ سَپدُس توہہِ وُچھِتھ سبٹھاہ خوش تہٕ منگی زبکھ مدد۔ تم واتناونے ژےٚ تلاوس پێٹھ یَتھ اَنٛدی اَنٛدی ژٕ مختلف قسمن ہنٛدی سَرَ پھ وُچھہکھ۔ تمن کھوٚژی زبنہٕ۔ تمن خاطرٕ تژ اَ اوی زِ پتھرِس پێٹھ کینٛہہ ژوچہٕ تہٕ زامُت دود تہٕ تم واتناونے نہٕ ژےٚ کاَنٛہہ آزار۔ ژندن کُل چھُ تلاوس لَرِ تہٕ یہِ اَنٛنس منز لگی نہٕ ژےٚ زیادٕ مضرتھ۔ نیر۔ ترقی دِی سنے۔

وۆنی اُس لڑکہٕ ہنز وَتھ کاَفی صاف باسان۔ سُہ روٗ دخوشدلی سان امتحان مانڈان بڑ وٛنہہ کُن پکان۔ تہٕتھے تَس باسیاو زِئہٕ ہیوٚتنس باغس نشہِ واتُن تہٕ تمی کُرِ کینٛہہ ژوچہٕ، کَنہٕ پاَٹ تہٕ زامُت، دود حاَصِل۔ یہِ کینٛزھا تہِ اُمس ناگہٕ پێٹھ چہٕ زنانہٕ وۆنمُت اوس تہٕ دڑاوساَلِم پوٚز۔ یہِ ووت باغس نشہِ تہٕ اَتہِ وُچھِن سہہ یمن اُمی کَنہٕ پاَٹ تژ اُ وِتھ تسلی کوٚر۔ اُمس سمکھی دیو تہٕ تمن وۆنُن ئہٕ چھُسو توہہِ بننتھر۔ سرپھ وُچھِن تہٕ تمن تژ اوبن کھُلہٕ ژوچہٕ تہٕ زامُت دود۔ پَتہٕ کوٚڈُن ژندن کُل مۆلو تہٕ پھیوٚر واپس۔ باغہٕ منز واپس نیرِ وُن آو اَکھ سہہ اُمس کُن تہٕ وۆننس ژٕ کھَس مےٚ سوارِتہٕ گرشھ گرِ۔ یہِ اوس اَکھ عجیبے نظارا۔ اَکھ لڑکہ اوس اَکھ لوکُٹ ژندن بوٚٹہٕ پھکِس پێٹھ

زٕٹھ أ کس ہٕہس پیٹھ پکان۔ أمی ہٕنٛدِ واپس یِنچ خبر پھألیِہ سأری ہے شہرس تہٕ وأژ بادشاہس تہٕ تٔمی ہٕنٛزٕ ن رانٕن ہٕندِ بن کٔنٛن تہٕ۔

سأری لۆکھ سپدی ہیوٗلا۔ مگر بادشاہ ہٕنٛزٕ زنانہٕ گیہ ہیوٗلا سپد نہٕ ہُریمانہٕ خوفزدٕ تہٕ تِمو لوگ خوفہٕ کٔنٛز وَدُن تہٕ۔ تِمن باسیاوپۆرپأٹھی زِ بادشاہس نٔہٕ جلدٕ ے پزِ تہٕ تِمن دِیِہ سزا۔ أتھی پریشأنیہِ منٛز اناأو تِمو وارِنی بیٚنِہ نادِتھ تہٕ کوٗرِ ہس زور زِأسہٕ کرتہٕ مدد۔ اَمہٕ کٔنٛز گیہ ہفتہٕ کھنٛڈ گرٕ ھتھ یہِ زنانہٕ تٔمس خدادوستہٕ ہٕنٛدِ زنانہٕ نِشہٕ تہٕ پرٕژھنس لڑکہٕ ہٕنٛدِ سارے سفرُک حال۔

اَمہِ فخر مند مونگتہٕ ماجہِ وۄننس" یہِ گووٕنہٕ گُل۔ چھنا یہِ وۄنی بہادر لڑکہٕ؟" وارنہِ وۄنُس "آ۔ پزی کٔنٛز۔ مگر مےٚ چھُ پھیران أمی چھنہٕ اَمیک سُہ ؤلیُن اوٗنمت یُس زٔمرٕ دِکس ڈبس منٛز تلاوس لرِ چھُ تھاونہٕ یِوان۔ سُہ گژھہِ ضرٗوری اَسُن تِمہِ وراأے ہو کھہِ وندس یہِ گُل۔ یہِ لڑکہٕ گرٕ ھن تہٕ أنن سُہ۔ سُہ کرس اِدتعریف۔"

أمِس خوش کرنہٕ تہٕ بیٚنِہ پَنہٕ نِس مونگتہٕ نِچوس پۆرپۆ رتھ زر بجر حاصِل کرنہٕ خأطرِ وۄن اَمہِ شامس بأگی أمِس تہٕ دۄ پنس ژ گرٕ ھ دُبارٕ اور۔ لڑکہٕ سپُد کُنہٕ ہلہٕ ڈلہٕ وراأے تیار۔ سُہ کھوٚت سہس یُس نہٕ أمی دُنہِ واپس اوس کوٗرمت تہٕ ووت تِتھ ناگس پیٹھ ؤلی ؤلی بیٚتہٕ تٔمی گوڈ نکہِ چکرِ تھکھ اوس تژ وومت۔ سو ہے زنانہٕ ہٕنٛز بیٚنِہ ظأہر تہٕ پرٕژھنس کوٚت چھی گژھن۔ أمی وۄنُس تہٕ اَتھ پیٹھ وۄنس تِمہِ مَتہٕ گوھتہٕ تِکیازِ یہِ چھے پٔتِمہِ کھوتہٕ وارِ یہہ مُشکل کأم۔ یہِ ڈبہٕ چھُ تلاوِ کِس ؤنٛدِس پیٹھ یتھ منٛز زِ خطرناک تہٕ بٔڈی شہمار چھِ روزان۔ مگر یہِ لڑکہٕ گیوٚ واپس پھرتھ۔ یِیلہ اَمہِ زنانہٕ أمی سُنٛد اِرادٕ

سُمجھ تہٕ تَمہِ وۄنِنس توتہٕ گرٛھی زہنہٕ ژ پانہٕ ڈبہ اَنہٕ بلکہٕ وۄنی زِ کأنٛسہِ دوٚس یہ اَتہٕ اَنہٕ خأطرٕ تہٕ ہرگاسہ یہ اَنٛنس منٛز کامیاب سپد تہٕ تیلہِ یلی زِ ناگہٕ کنی واپس تہٕ مےٚ وۄنی زِ۔ لڑکن کوٚرسأیلم تہتھے پأٹھی۔ سہ گووہمس پتھے باغس منٛزتہٕ وۄنٛن اَکس دوٚس زِ مےٚ دِیہ ڈبہ اَنٛتھ تہٕ پتہٕ واپس یتھ وۄنٛن اَمس زنانہِ پَنٛنہِ کامیأبیہِ متعلق۔ یتھ پتھ تَمہِ اَمس دُعایہِ خأرکوٚرتہٕ دوٚپنس زِ بہ یہےٚ ژےٚ گرٕ ستی۔ شہرس منٛزٕ کرٕ اووسہٕ دروسہٕ وۄژھ ییلہِ سہ دوٚیمہِ پھرِ اَمہِ خطرناک باغہٕ پتھہٕ کامیاب سپدتھ واپس وۄت۔ بادشاہَن سوٚزتس نادتہٕ بنوٚون پَنٛن وزیرِاعظم تہٕ باقٕے طریقوتہٕ کرٛنس عزت افزأیی۔ بادشاہٕ سنٛز وزنا نو سوٚچ ''وۄنی تہٕ رَٹن اَسہِ ضروٗر۔ اَسی کیاہ کرو؟''

تَمہِ کیاہ ہکہٕ ہَن تہٕ کرٕتھ صرف زبردس وَہمہٕ رٕٹتھ پرٛارنہٕ ورأے؟ اَمس رٹنٛک تِہنٛد موقعہٕ اوس وۄنی گوٚمُت اَتھہٕ منٛزٕ۔ تَمَن اوسہٕ وۄنی زیادٕ کالس پرٛارُن۔ اَکہِ دوہہٕ کوٚر اَمس ناگہٕ پتھ چہ زنانہِ ہنٛدس وَنٛنس پتھ وزیرن اَکھ بوٚڈ سال تہٕ بادشاہَس تہٕ کرٛن دعوت۔ بادشاہَن کر دعوت قبوٗل تہٕ آو۔ تَم ییمہِ ساعتہٕ کھوٚان اَسی تہٕ ناگہٕ پتھ چہ زنانہِ وۄن بَڈ بَڈِ سارِنے کُن زِ سأری رۆز زوٚژھوٚپہٕ کرِتھ۔ سأری چھِ وۄنی اَکی سہٕ کُن وُچھان تہٕ تَمہِ وۄن صاف تہٕ وارٕ وارٕ لہجہ سان ''ہے بادشاہ۔ وُچھن پَنٛن نیچُو۔ تِمس زنانہِ ہُنٛد پوٚتھُر یوسہٕ ژےٚ کَڈِتھ ژھنٛنی تھَن تہٕ گُری گانٛس برٕتھ جانوٗرن ہنٛدی پأٹھی کھہن ہنٛز وُشکہٕ کھیأوتھن۔ کُنی زبونٛچ دلیل اَس چانہٕ باقٕے آشنوٚ تھُر ہنٛز یمَن اَمس بچارِ ہنٛز تہٕ بیٚیہ چانہِ تِمس کُن خیال تھاونہٕ کُنی تَم سنٛز ژران اَس۔

بادشاہَن وۄن ''اچھایہِ چھا گتھ؟ یہِ چھاپۆز؟ آمےٚ چھُ پَٹھن دَل یِی گوٚہی دوان زِ یہِ چھُ پۆز۔ ژٕ ھینٛو کھ یمہٕ سارے لعٔلد زنانہٕ کڈِتھ تہٕ میٲنٛز سو ملکہ تہٕ نیٚچو أنیون مےٚ نِش واپس۔ سوے آسہِ وۄنٛی ملکہ تہٕ باقٕے کاٗنٛسہِ گُن وُچھِ تبہٕ یُہ یٚیمہِ یپور۔ وُچھِو اَکھ پُژ آشنٛز تہٕ اَکھ ماٗرِ مۆنٛدلڑکہٕ زاے میانہِ خاطرٕ اکے دوہہٕ۔ یُہ چھس سبٹھا خوش۔

(راوی: پنڈت چھڈرام۔ سرینگر)



# ژور شہزادٕ

سبٹھا پَتھ کالہِ اوس اَکھ بادشاہ یُس سبٹھا ژُرک، سبٹھا نیک تہٕ سبٹھے دانا اوس پزٕری۔ کنٕز اوس سُہ بادشاہی لایق۔ تٔمِس اُسی ذیٛہنس منٛز ہر وقتہٕ تم خیال تہٕ منصوٗبہ آسان یِمو۔ کنٕز تٔمی سُند ملک تہٕ لوٗکھ ترقی کرہَن۔ تٔمی ہِنٛدِس دربارس منٛز اوس کانٛہہ تہٕ پتھ ہبکان تہٕ سُہ اوس پزٕ بتھ کأنٛسہِ ہِنٛز گتھ بوزان بامے سُہ تٔسنٛد سبٹھے پتھ پایہِ رعیت تہٕ آسہِ ہے۔ باپارِ خأطرٕ آسہٕ تٔمی تمام سہولیژ یاف تھاوِمژٕ، بیمارن خأطرٕ اُسن ہسپتال، مسافرن خأطرٕ سرایہِ تہٕ یِم پرٕن اُسی یژھان تٔمن خأطرٕ اُسن بٔڈی سکوٗل قأیم کٔری مٕتی۔ یِم تہٕ بتھی ہوک باقے چیز اُسی تٔمی کٔری مٕتی تِژھ ھ اُسن نہٕ کانٛہہ کأما کرنے تھأومژ یوسہٕ کٔرنی پزٕ ہے تہٕ تِژھ ھ اُسن نہٕ کانٛہہ تہٕ کأم کٔرمژ یوسہٕ نہٕ کٔرنی پزٕ ہے۔ پتھِس دانا، انصاف پسند تہٕ فأیِد واتناوَن وأٔلِس بادشاہ سِنٛزِ حکمرانی منٛز اُسی لوٗکھ قدرتی خوش پأٹھی روزان۔ مُلکس منٛز اُسی خالے کیٛنٛہہ غریب، جاہل تہٕ بدخصلت لوٗکھ۔

مگر اَمِس بٔڈِس تہٕ رٕتِس بادشاہَس اوسنہٕ نیٛچو اکانٛہہ تہٕ یہِ اوس اَمِس سخت

افسوٗس یہِ اَکھ کرٕ یُہَن اوٗ برلوٚ نگ اوس أمی ہنٛزِ خوشحال تہٕ شاندار زندگیہِ ہُنٛز نہٕ پزٕ ژھایہِ ہوٚل کران۔ سُہ اوس پزٕ بتھ دوٗہس ہِشوس پوٗزا کران تہٕ منگان زِمےٚ سوزتَن اَکھ واأرٕشٹ یُس مےٚ پتہٕ تختس بیٛہہ ہے۔ سبٹھا یژ کال اوس سُہ صبرٕ سان یہِ دُعا قبوٗل گژھنَس پرٛاران زِ اکہِ دوہہٕ آو أکس جوٗگی ہنٛدِس روپس منٛز أمس ہِشوتہٕ سُہ سپُد أمی سُند رُت تہٕ عزتہٕ وول ویو ہارو بچھتھ تیوٗت خوش زِ تٔمی ووٚنُس "منگ یہِ ژٕ ےٚ گوٗھی تہٕ تہِ میلی ژٕ ےٚ۔"

بادشاہَن ووٚنُس "مےٚ چھُنہٕ کُنہِ چیزٕ ک ضرورت۔ پرمیشورن چھےٚ مےٚ دولت، عزت، طاقت، شہرت، اَمن، اطمنان سورُے کینٛہہ دِتمُت۔ آ۔ صرف نہٕ اَکھ چیز تہٕ سُہ کُس ہیکہِ مےٚ دِتھ؟"

جوٗگ ووٚنُس "ژٕ چھکھا سُہ چیزٕ مےٚ منگنس کھوژان؟ بادشاہ۔ ژٕ ےٚ چھیا پتاہ ژٕ کیاہ چھکھ ونان؟"

بادشاہَن ووٚنُس "پوٗز چھُ۔ پوٗز۔ بہٕ چھس أکس تِہُس انسانہٕ ہنٛدِ حیثیتہٕ ونان یُس (مذہبی اعتبارٕ) پاگل چھُ۔ اے پاکبازٕ۔ مےٚ دِمغافی تہٕ ہرگا ژٕ ےٚ یتھ کانٛہہ طاقت چھی تہٕ بہٕ چھسے ژٕ ےٚ التجا کران زِمیانہٕ خأطرٕ کرتہٕ دَیَس التجا۔"

جوٗگی ووٚنُس "روزٕ خوش۔ ژٕ ےٚ میلہِ نےٚ وارٕ سیٛہہ نیٚچوی۔ رَٹھ یِم ژور میوٕ تہٕ یِم دِپٕنہِ آشنہِ تہٕ دَپُس یِمہٕ کھیٚیِن سو ہِنہٕ واجنہٕ آتھوارٕ سرٕ ی یہِ کھسنہٕ برٛ ونٛہہ۔ پتہٕ زیوٚن تَس ژور نیٚچوی یِم سبٹھے گاٹلی تہٕ رٕتی آسَن۔"

بادشاہَن رٹ یِم ژور میوٕ تہٕ گوٚ رٕ نٔس گُسنہٕ شُکریہٕ أدٕ ناو۔ بادشاہ گو واکھ

وِزِتہٕ ووٗنن مُلکانہِ جوگس ءِستیٚ کتھ باتھہِ متعلق۔ قدرتی سپٕز سو تہٕ یہ رٕژ خبر بوٗزِتھ خٕد روٗستیٚ خوش۔ یم دہشوٚے اَسی ووٗنی ٹُز گرِتھ آتھوارِ پٕزراران۔ آفتاب کھسنہٕ وَقتہ کھےمُلکانہِ یم ژورموٕتہٕ جوٗگرءِسِنٛدِ وَننہٕ مطابق لوٗگ تَس ڈٔب تہٕ پَنہٕ نِس وقس پیٹھ زاے تَس ژورنیچوٗر۔ ووٗں گووِتمس کوٗرُن سخت دود۔ یام ژوٗرِم تہٕ اَخری نیچوٗ تھَنہٕ پیوٗس تَس ژٕج ترِتھ گرٕہوٗنی کُنی چِکھ نِرتھ تہٕ دِتُن امانت۔

سونچأر گُزرییہِ تمے ساعتہٕ ییٚلہِ تِسٕنز یژ کاچ خاہش پوٗر روٗزنی گییہِ۔ بچأری معصوم، لاچارتہٕ بےآسرٕ شُری آے دنیاہَس۔ بچأرِس بادشاہَس تہٕ دژایاونیچوٗرتہٕ وأرث ملینگ بوٗ ڈارمان مگراَتھ بدلہٕ راٗوس پٔنٕنی ٹاٹھ تہٕ خوبصورت آشنٕی۔ تیٚتھ دوکھ اوس یہِ زِکالہٕ اوٗبرچہٕ ژھایہِ ووٗل محل خانہٕ دوہ وادَن تِکیازِ بادشاہ اوسنہٕ اَمہِ دوکھہٕ کُنہ ٹھأنٹھی یوان۔

یم ژورشُری آے ژوٗن دایَن رَچھنہٕ خأطرٕ حوالہٕ کرنہٕ۔ تم روٗدی بڈان تہٕ بنہ مضبوٗط، صحت مند، گاٹلی تہٕ خوٗبصورت جوان۔ بادشاہَس گے یم سبٹھے ٹاٹھی۔ تمی تھأوی یِمن سبٹھے رٕتی ووستاد تہٕ سہ اوس یِمن سبٹھے موٕللی تہٕ نایاب تحفہ دِوان۔

یِموٕ کھوتہٕ رُت تہٕ یِموٕ کھوتہٕ مولُل کیاہ اوسےٚ بادشاہَس تہٕ تِمسٕند بن یِمن ژوٗن گاٹلمن تہٕ مأری مند بن نیچو بن ہُنٛد وچھن واشن تہٕ یِہنٛدِ خأطرٕ کأنٛہہ تکلیف ٹُلن اوسنہٕ تس خأطرٕ گوٚب۔

اَتھی منٛز کوٗر بادشاہَن بیاکھ نِیتھر تہٕ دوٗیِمہِ زنانہٕ تہٕ زاس شُری مگرسےٚ اوس دوکھہٕ ہوٚت دوہہ یِمہ دوہہ بادشاہَس تَس ءِستی کھانہ کوٚر تِکیازِ تمہِ ییٚلہِ گوڈنیچہ

مُلکانہِ ہندی سبٹھاہ گاٹلی تہٕ خوٗ بصورت شُری تھدان بڈان وُچھ تَس گووحسد پاٗدٕ تہٕ تمہِ سونچ پانٕسے ستی زِ بادشاہَس تہِ روزِ یمنے ستی لے تہٕ تتھٕ کِنی ییہِ اُمی ہندِ بن شُر بن تختس بیہنس منز تھوس۔ لہذا کوٗر تمہِ اِرادٕ زِسو گرِ پنٕنس خانہٕ دارٕ ہندِس دِلس منز ہیٚنز نکہت پاٗدٕ تہٕ ہرگانہٕ تہِ چلِیاس تیلہِ گرِ تتھٕ تتھٕ یمن مارِنچ کانٛہہ سبیل۔

یہِ چھُ وَننہٕ آمُت زِ بادشاہَس اُس پنٕنہِ مُلکہٕ تہٕ لوٗکن ہنٛزِ ترقی ہنٛز زبردست خاہش۔ یہِ کام زیادٕ رِتی پاٗٹھی انجام دِنس منز اوس تَس بادشاہی ہُند غار معمولی منصب اَکھ بوٚڈ ڈھوٗر باسان۔ یُدوَے زَن سُہ پنٕنین وزیرَن تہٕ ماتحت مُلازِمَن پیٹھ یہِ زاٗنتھ کاٗفی تکیہ اوس کران زِ تِم چھِ زیادٕ تر دیانتدار تہٕ انصاف پسند مگر تہِ گرِتھ تہِ اوس تَس باسان زِ مے پزِ پانہٕ اندر نبر نیرِتھ لوٗکن منز ے رٕلتھ پنٕنہِ نوا چھوٕ ستی وُچھن زِ تِم کیاہ چھِ ونان تہِ پانہٕ پنٕنہٕ نوٗ گنو بوزُن۔ یتھ زَن بہتر پاٗٹھی تِہنٛز حالت ہکہٕ زاٗنتھ۔ اِ کِنی اوس سُہ اکثر مختلف حلیہ بدلاوِتھ تہٕ راتھ کِیُتھ گامَن تہٕ سرَن پھیران۔ تتھٕ کِنی سمجھ تِمی پوٗرٕ پاٗٹھی لوٗکن ہندی ضرورت تہٕ تِم اَسی اُمی ہنٛزِ ہُنزِ تہٕ دلناٗیی پیٹھ کریمانہٕ کڈان۔ یہِ روٗد کینژَس کالس چلان زِ یوٗت تانی اکہِ دوہہ صُبحٲے سُہ اکہِ ہمسایہِ گامہٕ پیٹھہٕ واپس اوس یِوان تہٕ لوٗگن زبردست روٗد۔ بادشاہَس اُس نہٕ رائے زِ یوٗت جلد کیاہ وَسن یژھہٕ روٗد ژادٕ لہذا اوسنہٕ سُہ اَمہِ خاطرٕ تیار۔ دوٗرِ پیٹھ رَبہٕ منز پنٕنہِ کِنی ییلہِ سُہ محل خانہٕ ووت سُہ اوس بادشاہ ہندِ کھوتہٕ زیادٕ کرٛال ہیوٗ باسان۔ یوٗت زِ ییلہِ سُہ محل خانہٕ چہ برنہٕ پیٹھ ووت یمہٕ سپاہ اَتہِ تعینات اَسی تِموتر ووسُہ تقریبَن رسمی استقبالہٕ ورأ ے لُند

مُلکہ بۆزا اَمی وِزِ بادشاہ سٕنزِ اَتھ حالژ متعلق تہٕ بادشاہَن ییلہِ پننِ اُدرکہ تہٕ رَبہٕ سِتۍ لِتھوتھ پکو بدلاوِ سہ آو اَمی سٕندِس کمرس منز۔ سو اَس بتھ لِدتھ۔

تمۍ وۆنُس "میانٕی آشنہ۔ ژٕ ے کیاز بِتھس درٕہ ہش؟" تمہِ وۆنُس "مے چھنہٕ خوش کران زِ ژٕ۔ میون اَغہٕ تہٕ بادشاہ کیاہ کرِ یم چیز۔ یہ نہ چھُ چانِس منصبس تہٕ چانہِ وانسہ شوبان۔ ژٕ کیاز چھکھ نہٕ پنہٕ نین شُرِ بَن یہ کام کرنہٕ خاطرِ ونان۔ تم چھِ وۆنی بالغ تہٕ بییہ چھِ یہ کام کرنس لایق تہٕ تہٕ داناتہٕ ئہ چھسے درخاس کران زِ ژٕ وَن تمنے یہ کرنہٕ خاطرِ۔ تتھہٕ کنۍ روزِنہٕ مے چانٕی پریشانی تہٕ مُلکہٕ کِمن معاملَن پیٹھ تہٕ پییہ نہٕ اثر۔"

بادشاہَن وۆنُس "ژٕ ے کرِتھ دانائی ہشژ کتھ۔ مے باسان مے پزِ وۆنی یہ کام لوکٹین حوالہٕ کرنی یم میانہٕ کھوتہٕ زیادٕ داناتہٕ محنتی چھِ۔ تم تہٕ بَنن کُنہٕ دوہ بادشاہ تہٕ حکمران تہٕ تمہِ کِنۍ پزِ بکھ امیک تجربہٕ حاصل کرُن وۆنی کِمن چھسکھ ئہ تہٕ موجوٗد دیتھ یِمَن مددتہٕ تہٕ رہبری تہٕ کرِتھ ہکہٕ تہٕ یم بزٕ وٕنہہ کُن توقع ہکبن پورٕ کرِتھ۔ ئہ بُلاوکھ یِم جلدٕ ے تہٕ باوکھ پننی خاہش۔" لہذا آے ژور شہزادہ فورَن بادشاہَس نِشہٕ بلاونہٕ تہٕ ییلہٕ تم بادشاہَس بزٕ وٕنہہ کُن آے تہٕ تمۍ وۆن تمَن تتھ کتھ باتھہِ متعلق یوسہٕ تس ملکہٕ سٕتۍ سپٕز۔ تہٕ وۆننکھ زِ مے چھُ یہ اِرادٕ کۆرمُت زِ اوٕ رِ یور گرٕ ہنٕز کام تھاوٕ ئہ توہہِ مَنٕہ "توٕ ہۍ چھو میانہِ نِشہٕ لوٕ کٕٹ تہٕ تہٕ مضبوٗط تہٕ" اَمہِ ہُر یمانہٕ وۆننکھ مے چھے توہہِ پیٹھ پژھ زِ توٕ ہۍ وااِلو پننی فرض رِتی پاٹھی نکھہٕ۔ یتھ ئہ مطمئن سپدٕ تہٕ لوٕکن راحت واتہٕ۔"

ژوشوے شہزادو بٲوِ مٲلِکہ سٕندِس تمَن پیٹھ یتھ ہیوٗ اعتماد ظاہر کرنہٕ خاطر خوشی

تہٕ یقین دِیتھس زِ تم کرن اَتھ پڑھ راُچھ۔ تتھے راتھ واُتژ تہٕ تم دژاے نظر گزرِ ہنزٕ کامہِ۔ پژ بتھ اُکر دِیت گردِش تہِ یہِ کینژھا ضروٗری باسیوٚ کہ تتھ متعلق وونکھ بادشاہَس۔ یژھ سخت تہٕ پیہم نگرانیہِ تحت مُلکچہٕ خوشیہِ تہٕ ترقی منز ہُر بر سپدُن اوسنہٕ کانہہ عجوبہٕ۔

ووٗل گو ویَمن شہزادَن خلاف اوس محل خانس منز ژوپہِ ہُند بیوٚل وونہٕ یوان۔ ملکہ یام پنٕنژ شُرک تہِ بالغ گژھان وُچھ تَس اوس یمن ہُند زیادٕ زیادٕ بغض ہُران۔ تمس یم تہِ کوڈر ذیہنس منز یوان روٗدی تمو مطابِق روٗز سو تمن خلاف منصوٗبہ بناوان۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس نہٕ بادشاہ تمِ کِ ہنزن وُچھتھ اَبز بن تہٕ بد ویندی ہنزن کتھن کُن کانہہ توجہ دِوان مگر چھیکرس تہٕ کوٚرسہ تمہِ پننہِ تگن گری۔ کِنٕ اَتھس منز تکیاز ملکہ اُس خوبصورت تہِ تہٕ چالاک تہِ۔ تمہ لوگ ووٚنی یمن ژوٚن شہزادَن ستی تیز کلامہ کران تہٕ پھِری پھِری اوس یمن کُن شکہٕ سان وُچھان۔ شہزادن باسیاو زِ بادشاہ سُند رٕوی یہِ ہیوٚتُن تمن نسبت بدلُن تہٕ تمس اوسنہٕ ووٚنی یمن پیٹھ سہ بھروسہ تہٕ یِہنزٕ سو مالے یِیمہِ کِنٕ تمن اوٚت تانی کُنہٕ قسمُک ڈیجر تراونہٕ ورأے سخت محنت تہٕ مضرتھ ٹُلنس پیٹھ حوصلہٕ افزأیی اُس سپدان۔

کینژن رٕتن روٗد یہِ سِلسلہٕ تتھے پأٹھی چلان۔ اَخرس ووٚچھ اُڈز اُڈتہٕ راُتژ ہنزٕ نظر گُزرتھاونچہ کامہِ ستی ژھینتھ پننہٕ کِنٕ سے یم ژٕ نوٚوے شہزادٕ یہِ مشورٕ کرنہٕ خأطرٕ زِ تمن کیاہ پزِ کرُن۔ تمو کوٚر نصف راُتژ بأگی جنگل کِس تتھ علاقس منز پانہٕ واُنی سمکھنُک وقت مقرر یُس اَری تہٕ کانٔہہ ہُند زیادٕ یُن گژھُن اوس۔ پژ بتھ شہزادن ووٚنی پننہٕ

مصیبتچ ڈلیلاتہٕ اُخرس پیٹھ وۄن سارِوے ماسوایہ زِٹھس ہوس۔

"ٹاٹھو بایو وۄنی چھُ میۄن مشورٕ یہ زِ اُسی نیرو مُلکہٕ منٛزٕ تہٕ گرٛھو تورِ یوٚت پرمیشور لاگہِ۔ یہ گرٛھن آسہِ۔ تہٕ گرٛھہِ۔"

زِٹھی ہوی شہزادن وۄن "نہ نہ۔ تہٕ چھُنہٕ گرُن۔ توہی ٹھہرٕ و۔ توہی کیاہ بیقل گی چھُو کران۔ یہ کُس باراچھُو دِلس پیٹھ ہیوٚ تمُت؟ نہ نہ۔ میۄن مشورٕ چھُ زِ یہ چھُنہٕ گرُن۔"

توہہِ چھُنہٕ پتاہ زِ توہی ونان کیاہ چھُو۔ ہٕنٛدٕ ر راونہٕ کنۍ چھُو توہہِ عقل تہٕ رأےٕ منٛز۔ ہرگا توہہِ مغز برابر آسہِ ہَن توہی ۄنی ہُونہٕ پرٛژھہٕ کتھہٕ۔ کیاہ! اَکِس سبٹھے نیک تہٕ بارستہٕ بادشاہ ہٕندی نیٚچوِ یَمن ہر ہمیشہِ مسندٕ ستی تھاونہٕ آے تمُ کرناپنٕہ نِس مألی ہٕنٛز نافرمأنی تہٕ تٕمی ہٕندی حُکم بۄ زِ تھٔزلن ۄسی پایہِ تہٕ بےضمیرن ہٕندی پأٹھی؟ نہ۔ سوالے چھُنہٕ۔ یہ گرٛھو نہٕ توہی وٕنی۔ بۄ زِ و میانیو بایو۔ یہ چھُسو توہہِ ونان زِ پننہٕ توہی مُلکہٕ منٛزٕ نیرنک سۄچوتہٕ۔ گرٛھوتہٕ گرِوپنہٕ غبن بسترن منٛز آرام۔ اَز گرِیہ نگرأنی۔ پگہہ گرِ اَسہِ منٛز بیا کھ۔ پتہٕ گرِ بییہ دوہہ بیا کھ تہٕ تمہِ پتہٕ یوسہ راتھ آسہِ تتھ گو وبیا کھہیٚ۔ تہٕ تھٕ کنۍ میلہِ اَسہِ زیادٕ تہٕ سبٹھاہ آرام تہٕ نگرأنی ہٕنٛز کام تہٕ روزِ برابر پأٹھی چلان۔"

یہ ۄنتھ کوٚر بٔڈی بأے یَمن روخصت تہٕ لأجن پانہٕ نگرأنی گرٕنی۔ بأۍ شہزادٕ دزٔ اے تہٕ پننہٕ نِس زِٹھس بأے ہٕنٛزٕ نصیحژ ہُند گوکھ جان اثر تہٕ گے گرٕ تہٕ ہٕنٛدٕر ترٔ اُ دِتھ گوکھ پٔژن سوُرے تکلیف مُشتھ۔ دۄیمہِ رأژ دزٔ او دۄیم بوے (نگرأنی خاطرٕ) تہٕ گو ڈِنٛگی شہزادن کوٚر آرام۔ ترٛیمہِ رأژ گرِ ترٛیم ہی بأے نگرانی تہٕ ژۄرمہ رأژ گر

کاْنسہٕ کُٹ ہِوی نگراْنی تہٕ باتےٚ سارِوِیوٚ کوٚر آرام۔ یہِ سلسلہٕ روٗد جان پاٹھی کینژَون رٔتبن چلان۔ شہزادوگر بادشاہٕ سٕنز اُڈزاٗڑ بہادری سان برداشت تہٕ ہر رنگہٕ کوٚ رُکھتی یہِ تِمَن پز ہے گرُن۔ تہنٛدِ رٔژرِ حلیمی تہٕ لوٗکَن ہُنٛدِس دادس واتنس پیٹھ اُسی تِمَن پز بتھ لنٛدٕ تعریف یوان کرنہٕ ماسولیہِ بادشاہتہٕ ملکہ یِمہٕ بادشاہتہٕ ڈول۔

یہِ وَنُت تہِ کوتاہ پزرچھُ زِ ''رٔتس چھُ رُتے بتھِ یوان۔'' اکہِ راٗژ یِیلہِ زِیٹھ ہیوٚ شہزادِ نِگراْنی پیٹھ اوس دژامُت تہٕ سُہ وۄت اُکس لوکچہِ پہٕرِ نِش ییٚتہٕ اکھ برٛہمَن پنٕنہِ آشنہِ ستی روزان اوس۔ شہزادَس پییہٕ دارِ کِنی یِمَن پیٹھ نظر یوسہٕ یِلہٕ اُس۔ اُتھی منز وُچھ اُمی زِ برٛہمن وۄتھ تھوٚ دروازٕ تھوٗن تہٕ دژاونبر۔ اُمی دِژ دوہِد شکی پاٹھی ہیوٚر آسمانس کُن نظر تہٕ یہِ گرِی تھے پھیوٚ رواپس تہٕ ژاو واپس ''ترٛلہِ ترٛلہِ'' کران۔

زنانہِ پرٛژھس کھوژنہٕ کنی بانٛبرِتھ ہیوٚ ''کیاہ ڈلیل؟''

برٛہمَن ووٚنُس ''اوٚہ، اوٚہ، مےٚ وُچھ پنٕنہِ نِس بادشاہٕ سٕنٛدِس ستارس بیاکھ تارُکھ نِہناٗوِتھ ژھنان۔''

زنانہِ پرٛژھس ''تِمیک مطلب کیاہ چھُ؟''

برٛہمَن ووٚنُس ''اَمیک مطلب چھُ یہِ زِ سون بادشاہ مرِ اَزی کہِ پیٹھہٕ ستَن دوہَن اَنٛدرانٛدر۔''

''مرِ!'' برٛہمن زنانہِ ووٚنُس اوٚش بکہٕ ہیوٚ یتھ ''بادشاہ صاب، کتھہٕ کِنی مرِ؟ بیمار گژھتھ کِنہٕ دُشمن سٕنٛدِ ڈسی؟''

برٛہمَن دِتُس جواب ''اَزی کہِ پتہٕ ستہٕ دوٚہی وَسہِ راٗژ ہنٛدِ گوڈنکہِ پہٕرِ پتہٕ

آسمانہٕ پیٹھہٕ اَکھ زبردست زہریلہٕ کالہٕ سَرُ پھ تہٕ اَژِ درواز۔ کنۍ بادشاہٕ سنٛدِس خواب گاہَس منٛز تمے درواز۔ کنۍ یُس محل خانہٕ کہٕ پۄٚرۍ کنۍ صحنس کُن کھُلان چھُ۔ یہٕ سَرُ پھ دِیہٕ بادشاہ صأبنس کھورٕٹینٛڈِس ٹو پھ تہٕ تمی کنۍ مَرِ سہٕ۔"

برہمن بایہٕ ووٚنُس "مگر یہٕ گوٚ ژھنہٕ ہرگز تہٕ سپدن۔ بادشاہ ہیکہٕ نا تہٕ مَرتہٕ نشہٕ بچِتھ۔ مےٚ وَن اَتھ چھنا کانٛہہ ووپایے۔ پوٚز گووِیہٕ زِ یتھ ہیوٚ انصاف پسند، رُت تہٕ گاٹل بادشاہ گوٚ ژھ نہٕ یتھہٕ کنۍ مَرُن۔"

برہمنَن ووٚنُس دیوتا ہسکِن اَتھ مصیبتس روٗٹ گرِتھ۔" ژ دِمےٚ گوٚ ہنا بیٚیہ کینٛہہ زِنۍ ہَچہٕ تہٕ بہٕ گرِ اَمہٕ خأطرٕ ہوٚن۔ تکیا زِ شاسترن منٛز چھُ لیکھتھ زِ ہرگا کانٛسہٕ شخصس یہٕ نَنہٕ زِ بادشاہَس چھُ کانٛہہ مصیبت یِنہٕ وول تہٕ تمی ساعتہٕ سہٕ دیوتاہن کُن نارس کینٛہہ پُتر اوِ بادشاہ بَچہٕ تمہٕ مُصیبت نشہٕ نتہٕ ہیکہٕ نہٕ بادشاہ بچِتھ۔ ووٚنۍ گَس چھُ یہٕ پےٚ مگر تہٕ گرِتھ تہٕ گوٚ ژھ سون یہٕ بادشاہ بچُن۔" یہٕ ونان تُجہٕ اَمۍ یمہٕ زِنۍ ہَچہٕ۔ نار زوٗلِن تہٕ تَرٕ ووٚن نارس گوٚ تہٕ پتہٕ مختلف منتر پَرِتھ ووٗتھ تھوٚد تہٕ زنانہٕ کُن پھیرِتھ ووٚنُن "بادشاہ صأب ہیکہٕ بچِتھ ہرگا تمۍ سُند کانٛہہ پُتُن اَشناو یمہٕ ہدایت پالہٕ۔ تیمِس شخصس یہٕ خأہش آسہٕ زِ سہٕ گرِ یہٕ سہٕ گرٕ ژھہٕ محل خانہٕ کہٕ پۄٚرۍ کنۍ صحنس منٛز کھوٚڈ کھَنٛنۍ۔ یمو منٛزٕ کینٛژن کھوٚڈن گرٕ ژھہٕ سہٕ آب برُن تہٕ کینٛژن دود۔ بیٚیہٕ گرٕ ژھہٕ سہٕ یمَن کھوجن منٛز تہٕ خأ لی جایہٕ برابر بادشاہ سنٛدِ خواب گاہ کِس دروازس تانۍ پوٚش ترٛاوُن یہٕ کامہٕ ہن گرِتھ گرٕ ژھہٕ سہٕ دروازس نیٚبر گنہٕ برابر وقتس پیٹھ تلوار اتھس منٛز رٹِتھ روزُن۔ سَرُ پھ ییہٕ ضرور تہٕ سہٕ تَرِ آبہٕ تہٕ دودٕ ستۍ کھوٚڈن ژھانٛٹہٕ اپور۔ یمو چیز ومنٛزۍ تہٕ پوٚشو پیٹھۍ نیٚبرِتھ گرٕ ژھہٕ تمۍ

ہِنٛدِس زہرس ہنا کم اثر۔ ئَرُ پھ ییٚلہِ درواز٘س نٕشہِ ولتہٕ تہٕ سُہ نفر ییٚمۍ یہ کاٗم ذِمہٕ آسہِ ہیٚرٕ مٕژ گرٛ ڈھِ اٚمِس تلوار ٹاس تزٛ اوُن تہٕ ماُرن۔ ئَرُ پھ مارنہٕ پتہٕ گرٛ ڈھِ سُہ ئَرُ پھ سُند گرما گرم خوٗن تُلن تہٕ بادشاہ ہِنٛدِس کمرس منٛز اٚژِتھ تٔمۍ ہِنٛدِس کھورٕ بنٛڈھس مَتھُن۔ یِتھہٕ کٔنۍ ہیکہِ بادشاہ اَمہِ مصیبتہٕ نٕشہِ بچِتھ۔ مگر افسوٗس! سُہ کُس گرِ یہ ساٗلم کینٛہہ؟"

شہزادٕ اوس تجُسس کٔنۍ بڑہمن ہنٛزٕ پہرٕ ہنٛزٕ دارِ نکھہٕ آمُت تہٕ تہٕ ساٗلم اوُسُس بوٗزمُت یہِ وَننہٕ اوس آمُت تہٕ سُہ اوس سیٹھاہ حاٗران سپُد مُت۔ صُبحس باٗگ وژن اٚمۍ یہِ سورُے معاملہٕ پَنہٕ نٔمن ترٛبن باَین وژُل گوو بادشاہَس دِیُت نہٕ یِمو اِفشا تہٕ گرٛ ھنہٕ۔ شٔمن راٗژن روٗدی ییٚم ژور بارٕ نۍ دہ ہدٕ شکۍ پاٗٹھۍ روندٕس نیران مگر سُتمہِ راٗژ وژن ییٚمن زِٹھۍ ہوۍ باٗے زِاَزدی توٚمۍ روندٕس نیرٕنچ واٗرۍ تِکیا زِتٔمس اُس خاہش زِبہٕ بچاوٕہَن بادشاہ۔

لہٰذا ادٕژ اوسُہ تہٕ کھٔژِن محل خانہٕ کہِ پوٗرۍ کٔنۍ صحنس منٛز کھوٗڈتہٕ ییٚمو منٛز یوٗرُن اڈٕبن آب تہٕ اڈٕبن دود تہٕ بییہٕ چھکِن پژٕبتھ طرفہٕ برابر بادشاہ ہِنٛدِ خواب گاہ کِس درواز٘س تانۍ پوٗش۔ ییٚلہِ وژنۍ یہِ سورُے تیار سپُد پتہٕ ژُن اَکھ بنتھہٕ ٹٕ تلوار اَتھس منٛز تہٕ روٗد درواز٘س نٕشہِ اِستادٕ روٗ زِتھ ئَر پھہٕ ہِنٛدِس ییٚنس پژاران۔ یہِ ساٗلم سپُد بادشاہ تہٕ ملکہٕ ہِنٛدِ نِندٕ رتژٕ اونہٕ پتہٕ۔

یِتھُے راٗژ ہُنٛد گوڈنیک پہَر اَنٛد وژت تہٕ شہزادٕ اوس یِتھَے کٔنۍ بلکل تیار تہٕ تٔمۍ بوٗز کیا ہتانۍ چینٛچ آواز۔ اٚتھۍ منٛز گیہ تٔمس ییٚمو کھوڈو کٔنۍ کمس تانۍ جانور سنٛز حرکت کرٕنچ ژھاے ہش پتہٕ باسیَس تَہ اپشوٗنٛڈی یہَ سہ راے ہش ییٚم اٚمۍ محل خانس کٔنۍ

چھکرأوی ٔمتی أسی۔ پتہٕ وُچھ أمی دۄرے یہوے سرپھے ہیوٚ کیاہ تانی پانس کُن پان وُٹھی وُٹھی ہیوٚ یوان۔ یہوے اوس وقت۔ شہزادن چاٗر تلوارِ تھپھ تہٕ تتھے سرُ پھ دروازس نِشہِ وۄت تہٕ کری نس زِ چھےٚ۔ تٔمی تُل ؤلی ؤلی أمس سرپھہٕ سُند کینٛہہ وُشن وُشن رَتھ تہٕ أچھن پٮ۪نہٕ نبن پٮ۪ٹ دِتھ مۄر رووٗن وارِ وارِ خواب گاہک دروازٕ تہٕ ژاو اندر۔ تٔمی أس اَمہِ کٔنی أچھن پٮ۪ٹ دِژمٕژ زِ سُہ اوس نہٕ یژھان زِ پٮ۪نہٕ نِس مأکی سِندِس ذأتی کمرس منٛز تتھ کیاہ پٮ۪یہِ ہے تٔس پٮ۪تھ أمِس نظر۔ تٔمی لاگ حبہٕ سان بادشاہ تہٕ ملکہٕ ہِندی کھورٕ ٹینڈی سارِنی تہٕ وۄنی یمہِ ٹینڈی ساأرِتھ تٔس أتھس منٛز تتھ بادشاہ سِندی باسے یمن منٛز مۄتھن اَمہِ منٛز کینٛہہ خۄن۔ مگر سُہ اوسنہٕ یہِ وُچھتھ ہبکان تہٕ اَتھ منٛز مۄتھن ملکہ تہٕ کینژن ٹینڈ بن یہِ خۄن۔ اَمہِ ٔستی سپٕز مُلکہ ہُشار تکیاز زِ تٔس أس لوٗژ ہِنڈر تہٕ ییٚلہِ تٔمہِ نفر اکمِرِ منٛز نیران وُچھ تٔمہِ دِژ تھدِ چکھ تہٕ وُزنووٗن بادشاہ۔ أتھی منٛز وُچھ تٔمہِ پٮ۪نہٕ نبن ٹینڈ بن خۄن لأرِتھ تہٕ تٔس باسیوٚ وزِ کانٛہہ راکھشس اوس یمن نِش آمت یٮ۪مہِ کٔنی سو کھۄژتھ پاگل ہش سپٕز۔ بادشاہ تہٕ گوو وقتسے پٮ۪تھ ہُشار زِ تٔس باسیہِ کرمنٛزٕ نیرِ ونِس شخصہٕ سِنٛز ژھاے پٮ۪نہٕ نِس زِتھس نیچوی سِنٛز۔ بادشاہَن وۄن سخت جذبأتی اندازٕ ''آ۔آ۔ تہٕ چھُ سأرلم پوٚز یہِ ژ ونان أسکھ۔ وۄنی بیوٚٹھ مے یٔزی پأٹھی پٮ۪نہٕ نبن شُر بن ہِندِس کمینہٕ آسنس تہٕ دھوکہٕ دہی ہُند۔ پگہہ دِمہٕ بٔ یمن ژۄشونی کلہٕ ہیرِ ژٹنک حکم۔ تتھن بدبختن گژھ ہنہٕ زِنٛدٕ روزنہٕ دِنہٕ یِن۔''

مُلکہ سنبھول ہیو۔ ییٚلہِ واریہس حدس تانی اَمہِ خوفہٕ منٛز دژ لِیہ۔ تٔمہِ دِیت بادشاہس نِشہِ یمن کتھن نوٗن مرژ وانگن راأوِتھ پھیٚریہِ تٔمہِ وُچھمت تہٕ بوٗزمت

اوس۔ تَمہِ ہأوی بادشاہَس پَنٕنۍ خوٚشہِ بُرتی کھوٚرٕٹینڈی۔ بادشاہَن یہِ کینٛہہ ہاپانہٕ ژُھہ تہٕ أمی سٟنٛزٕ یمہِ کتھہِ بوٗزِتھ کوٚر تَمی پَننہِ جایہِ یہِ پوٚرٕ فأصلہِ زِ سہٕ ژھنہِ ژٕلی ژٕلی پَنہٕ نمن شُربن مأرِتھ۔

تَمی وۄن ''بے شک یِیلہ میأنبن نیچوٚبن فکرِ توٚرزِتھ ہمکَن نہٕ چانہِ زندگأنی منٛز مےٚ کانٛہہ نقصان واتنأوِتھ تہٕ تَمو وأٹ راکھشسن سٟتی۔ دیوتا گری تن اَسہِ رأچھ!۔''

وۄنی أس ملکہ پوٚرٕ خوش۔ تَمہِ زون زِ أخرتہٕ گوٚو تَس تہٕ حأصل یہِ سویٚژھان أس۔ تَمِس اوس وۄنی ذِہنَس منٛز تابناک مُستقبلُک تصورِ یوان۔ تَس باسیاو زِ میأنی پَنٕنۍ دانا، بُڈی تہٕ چالاک نیچوٚ ی چھِ حکوٗمت کران، سأری لوٗکھ چھِ یمَن تعریف تہٕ سأری ملک چھِکھ عزت کران۔ سو أس بے صبری سان تَتھ دوہَس پرٕاران یِیمہِ دوہہٕ اَمہِ خأہشہِ ہِنٛدِس پوٚرٕ سپدنَس منٛز موٗجوٗ دکُنے ٹھوٚ رصاف یِیہِ ہے کرنہٕ۔

دوٚیمہِ دوہہٕ سُلہِ صُبحأے گوو بادشاہ مشاورتی ایوانس منٛز تہٕ بُلأوِن پَنٕنۍ دوست تہٕ مُشیر تہٕ حُکم دِتُن زِ میأنی نیچوٚ ی یِم وۄنی قیدی أسی گریٚو کھےٚ برٛونٛہہ کُنہِ پیش۔ تَمَن اوس شاہی لباس کڈنہٕ آمُت، اَتھَن تہٕ بُتھبن أسکھ سوٗرٕ شہ تہٕ ہاے مَتھنہٕ آمٕژ یوسہٕ تَمَن تَمہِ اَنہِ گُٹ کوٗٹھرِ ہٕنٛزٕ وسرٕ یہہ دارتہٕ مگر بولُبو پیٹھہ لار پیٛو أس یِتہ منٛز تِم رأٹ ہِنٛدِس زیادٕ ترحِصس قأداُ أسی تھاونہٕ آمٕتی۔ یِتھہٕ کنٕ أسی یِم سبٹھا مصیبت لد باسان۔ تہٕ گرِتھ تہِ أسی نہٕ یِم مایوس۔ یِمَن سارنے أس ڈیکَن پیٹھ وومید۔



یِیمہِ وِزِ یِم ژور شہزادٕ اندر ژاے تہٕ تِھ جایہِ گُن پکریہہ پیٹھ پزلہ سزا

بوزنہٕ خاطرٕ مقرر اُس تمہِ وِزِ اُس اَتہِ مکمل ژھوپہٕ۔ کینژن مِنٹن ہِنٛدِ وقفہٕ پتہٕ کھول بادشاہَن یَس شرارتہٕ ستیٖ تھَر اُس یَمَن یہِ راہ زِ یِمو اوس تہٕ کینژھا کوٚر رمُت یُس قتلس برابر اوس تہٕ تِژھ ہش حرکتھ اُسکھ کرمٕژ یَتھ دیوتاتہِ معاف ہکَن نہٕ کرِتھ تہٕ لہذانہٕ سُہ تہِ۔ اَمہِ کٔنیٖ دیُت اَمی حکم زِ یِم گژھَن فورَن قتل تہٕ کرنہٕ۔

سزا بولنہٕ پتہٕ پتہٕ آے مارٕ واتل بڑ وٛتھہ کُن تہٕ تژ اَو کھ یمَن قِد بن تھُھ۔ کینژ و وزیر وتہٕ یِم اَتہِ حاضِر اَسی ہیوٚت یہِ وَنُن زِ آخر کُس جُرم چھُ یِمو شہزادد کوٚر رمُت مگر بادشاہَن بوٚزِ یہِ نہٕ کینژھہ "نیٚؤ کھ یِم" تمِ وُن "یہٕ وَنو پتہٕ توہہِ یِمو کُس جُرم چھُ کوٚر رمُت۔"

اَمہِ وِزِ ہووژ وردمنٛز اَکی شہزادَن اَتھہٕ ستیٖ اِشارٕ تہٕ تخنس بڑ وٛتھہ کُنہٕ ترودُن پان یَتھ زِ سُہ کیاہ تام وَنُن اوس یژھان۔

بادشاہَن وُن "دِیوٚس وَننہٕ۔ ممکن چھُ زِ یہِ آسہِ کانٛہہ یَتھ بر وٛنتھ پَتھ دِلُک بار لوٚژراوُن یژھان یَتھ مَل آسہِ۔ دِیوٚس وَننہٕ، وَننہٕ دِیوٚس۔"

شہزادَن وُن "اے بَہلہِ پایہِ تہٕ رحمدل بادشاہتہٕ میانہِ بَبہٕ۔ یہٕ چھُسے ژٕے التجا کران زِ میانہِ مرنہٕ برونٛہہ بوز ژٕ میانٛی کتھ۔

پتھ کالہٕ اوس اَکھ سوداگر یُسُند نچو بالغ سپد تھ پرٕ تھ کارس منٛز سبٹھے داناتہٕ چالاک اوس تہٕ ہیٚنہٕ اوس سُہ سبٹھاہ رُت تہٕ۔ سوداگرن یوٚژھ زِ اَمس گوٚژھ سبٹھا تجربہٕ حاصِل گژھُن تہٕ اَوٕ کٔنیٖ وُن تَس زِ ژٕ گر کُنہٕ نیبرِ مس مُلکس گژھُنٛچ تیاری تہٕ کیاز تُسُند اِرادٕ اوس زِ یہٕ سوزَن یہِ کُنہٕ نیبرِ مس مُلکس سوداہتھ۔ اَکِس ہفتس اندر کراَی

نوجوان سوداگرَن تیٲری تہٕ دژ او۔ تَس سمکھی وار یہہ ازٲنؠ لؠکھ تہٕ وار یہہ عجب چیز تہٕ وُچھِن۔ ءبہ ہمکہٕ تہنٛد تہٕ ییٚتہٕ حاضرن ہُنٛد توجہ وار یہن دوہَن تمَن ہٕندِس بیانس کُن پھِرِتھ مگر ءبہ چھُس توہہِ صرف اَکھ واقعہٕ بیان کرنُک اجازت منگان۔

پَنہٕ نِس سفرس دوران سمکھی اَمس نوجوان سوداگرس ژور نفر یم پانہٕ وٲنؠ اَکس معموٗلی ہوٗنس پیٹھ لڑایہٕ وان اَسی لاگِتھ تیٚمس تم اورٕ یور بے رحم پاٹھی لمہٕ لَم اَسی کران۔ "توٚہی کیٛاز اَکس چھوٗا کھاَکس ستی ژوٗان؟" تمی پرٛژھکھ۔

یِمو منٛزٕ وٲنس اَکی تنازعہٕ کرَن والی "اَسی چھِ پانہٕ وٲنؠ بارٕنی تہٕ اَسہِ گۄزریاو حالے مول۔ اَسی اَسی پَنہٕ نِس جائدادس حصہٕ کران تہٕ پرٛتھ کانٛہہ چیز سپُد رٕتی پاٹھی۔ یوٚت تانی وٲنی اَسہِ تیٚمس ہوٗنی سُنٛد حصہٕ کرُن ووت۔ اَسہِ میٚج سارِنٕے اَکھ اَکھ گاو۔ دانہٕ توٚ ملکُک میول برابر حصہٕ، تیرن تہٕ ژھاولین تہٕ کوٚر برابر حصہٕ۔ مگر یہِ ہوٗن، کتھہٕ کنٕی ہمکون باگراوِتھ زِ پرٛتھ کانٛسہِ میلہِ برابر حصہٕ تہٕ توے چھُ زِ یتھ ہیوٗ بوٚے ونان "یہِ چھُ میون" تہٕ چھُ اَمس نِنٛچ کوٗشش کران۔ ءبہ چھُس یژھان یہِ گژھِ مےٚ تہٕ توے چھُسس تھیتھ تر اوِتھ تہٕ میٲنؠ باقے زبٲے تہٕ چھِ سوچان زِ تم نٕے چھُ اَمس پیٹھ حق تہٕ توے چھِ اَمس حاصل کرنٕچ کوٗشش کران۔ ژِ چھُکھ شاید یتھ گتھہِ پیٹھ حٲران زِ اَسی کیٛازِ چھِ یتھ معموٗلی مالس پیٹھ اَکھ اَکس ستی ژوٗان مگر یہِ چھُنہٕ اَکھ معموٗلی ہوٗن۔ اَسہِ منٛزٕ ترٛ اوِ ہے اَمس پیٹھ کانٛہہ تہٕ خوٚشی سانٕے حق ہرگانٛہ اَسہِ یہِ پئے لگِہ ہے زِ یہِ چھُنہٕ کانٛہہ عام جانور۔ سون ٹوٚٹھ بابہٕ صاب ییٚلہِ مرن سَر اوس تمہِ وِزِ ووٗن تمی اَسہِ یہِ کنٕی زنوٗن وُہن ساسَن روپیَن۔ مگر اَسہِ کُس دِیہِ اَمس وُہ ساس

روپیہِ اَسہِ نویہ بازرتہٕ تہٕ لۄکوترٕ وواَسہِ أمس یۄت ٕقمت کرنس پیٹھ اُسن ۔ اڈبوسونچ زِیَم چھِ پاگل اڈبوسۄنچ زِیَم چھِ خوش گپھا کران تہٕ اڈبو دِتی اَسہِ پڑھہِ بنہٕ حماقہ ہتھ چوب ۔

نوجوان سوداگرن وۄنُکھ "یہِ چھےٚ عجیبےٚ ڈلیلا ۔ سبٹھےٚ عجیب ۔ توٚہی ہیکیۄن نایہِ ہۄن کمہٕ ہسے پہن مولس کِنتھ؟"

ژۄشوٕ ے بارنو وۄنس بلکل ژٕتھ جواب "نہ ۔ أسی ہکوہٕ تتھ ادلہِ بدل کٔرِتھ یہِ اَسہِ مأ لی چھُ وۄنمُت ۔ تمی چھُ اَسہِ اَتھ متعلق باند باند کوٚرمُت ۔"

نوجوان سوداگرن کٔریمَن پیٹھ پڑھ تہٕ سۄچن زِ یہِ ہۄن گڑھِ کُنہٕ نتہٕ کُنہ رنگہٕ یۄت لۄن ۔ تمی سۄنچ زِبہٕ ہمن یہِ ملی، تہٕ اَمہِ ہُر یمانہٕ اوسُس مأ لی ؤنتھ تھوومُت زِگوڈِ ٹیک سوداترٕ اٗوی زہنہٕ اَتھ منزٕ چاہے سہٕ ہیوٚن آسی یا کُتٕن تہٕ بیٚیہ ہرگاتتھ منزٕ گاٹے تہٕ باسی ۔ لہٰذا روٗٹ أمی أمی وِزِہۄن تہٕ دِیٚتنکھ یہِ رقم ۔ پتہٕ یُس باتے سفرأمی کوٚرتتھ منزٕ میچ أمس ترقی تہٕ کیٛنژٕ ؤہری آوسہٕ پنہٕ نِس مُلکس تہٕ مأ لِس نشہِ اَکھ سبٹھےٚ امیر تہٕ تجربہٕ کار شخص بنِتھ ۔

تمِس اوسنہٕ وُنہِ سفرٕ پیٹھہٕ واپس آمتِس سبٹھا زیادٕ وقت گوٚمُت زِ أمس گُزریاو مول ۔ جایدادس متعلق کیٛاہتانی نہ واتنہٕ کنی اوس یہِ جوان ژھوٚرے تہٕ چھوٚنے ماسوایہِ أسس نأ لی ہندی پلوتہٕ سہٕ ہۄن یُس أمس سبٹھا بڈس رٔمس اوس پیوٚمُت ۔ پنہٕ نِس اَتھ مصیبتس منزٕ گووسہٕ بیٚیس أکس باپأرِس نِش یُس یمن جان دوست اوس تہٕ منگن تِمس ہۄنس پیٹھ روپیس پنداہ ساس پیشگی ۔ أمی سوداگرن دِتس

جلدٕ ے یہِ رقم۔ رۄپیہٕ رٹِتھ دژ اوِ یہِ نوجوان سوداگر تہٕ لوگُن باپار کرُن تہٕ اُتھ منز آس لوکٹ موکٹ نفع تہِ۔

اَتھ دوران گوو دۄیمس سوداگرس یہِ ہۄن سبٹھا ٹوٹھ۔ سُہ اوس امس دۄہَس پانٕسے ستی نوان تہٕ راتس اوسُس صحنس منز باگ اَکِس ٹکلس ستی گنڈِتھ تھاوان۔ ہۄنس تہِ آس وۄنی امس نِس مالکس ستی سخت لے تہٕ تَس ستی رۄزِتھے اوس سُہ خوش باسان۔

اکہِ رأژ سۄپُد امس جانورٕ سنزِ وفادأری تہٕ دلٲیلی امتحان۔ سأری اَس شۄنگتھ تہٕ پژ ہتھ کانہہ چیز اوس انہِ گٹ وۄلُمت زِکینٛہہ ژۄر آے باپأری سُندٕ گرٕ۔ تم آے سبٹھے لۄت پأٹھی وۄ ں گوو ہۄنس اَسی کن تیزتہٕ تمی ہۄ ز یہُندٕ ین۔ اَمی گرگری گرٕ وُزناونہٕ خاطرٕ زورٕ زورٕ ووپھراے مگرٕ کہنٛہ گووُنہٕ ہشار۔ یہِ چھُ پھری پھری ووپھراے کران تہٕ اکھُتے زیادٕ زیادٕ تھدِ۔ وۄنی ییلہِ اَمی ژۄرگرس منز اژان وُچھ تہٕ اَمی لوگ سبٹھا دیوانہٕ پأٹھی پۄ رٕ زورٕ سان رَزِ دَرسہٕ دِی دِی دورن یتھ زِیہِ ییلہِ گژھ ہے۔ اَخرس پیٹھ تِتھے ژۄ روسَن ہتھ نیرُن ہیوٚت تہٕ رَز آیہِ ژھنٛیتھ۔ ہۄنی ہیژ تِمَن چیٛھی ترٛاونی مگر ییلہِ وُچھن زِیِمَن چھِ ہتھیار اَتھَن کنہتھ تہٕ سُہ رۄ دٕ ہتھ۔ اَمی کوٚر انداز زِلرٛ اَے کرنہٕ ستی گژھِ یہِ مارٕ تہٕ فأیدٕ تہِ پیہِ نہٕ کانہہ؟ اَمی زون بہتر یِمَن پتہٕ پتہٕ نیرُن تہٕ وُچھن زِ یِم کوٚت نِن اَمی سِندِس مالکہٕ سندی چیز۔

ژۄر ریکی تیز تیز وارٕ یہِ دۄ رتہٕ وأتی سڑکہِ ڈٕلتھ اَکِس لوکٹس جنگلس منز۔ اَتہِ رُکے یِم تہٕ کھوٚنکھ اکھ بوٚ ڈ دوب تہٕ اُتھی منز بوٚ رُکھ یہِ خزانہٕ۔ اِرادٕ اوسُکھ زِ دُبارٕ

یِموٗ تہٕ پَتہٕ ییٚلہِ ژِۄ رِہُنٛد شور بیٚیہِ ہیوٚ تہٕ پَتہٕ یِموٗ تہٕ بأ گراوٕ ویہ پانہٕ وأنۍ۔ وۄنۍ ییٚلہِ تِم بلکُل سٕرکہِ ڈٕلِتھ أسۍ پکان تہٕ ہۄن رۄ دا تھ جایہِ تانۍ أنٛدی پَکۍ زمین تِچھان یِتھ زَن أمِس یہِ جاے وَنہِ روزِتہٕ پَتہٕ آو واپس مالکہِ سُنٛد گرٕ۔

صُبحس ییٚلہِ مأ لِک ہِنٛد رِوۄتھ تہٕ اَتہِ وُچھن بڑٕ وُنٛٹھم درواز اڈٕ وۄتھ تہٕ سارے الماریٚ تہٕ صندوق یلے تہٕ یہِ کینژھا یِمَن منٛز اوس تہٕ نِمت۔ ’’ییٚتہِ ہاچھہِ ژِۄر ژاءمتۍ‘‘ ۔تِمۍ دِژ کرِبکھ تہٕ چھُ پٹِن ریش کڈان تہٕ سینس دۄ گر دِوان اوٕ ریور کران۔ شور بوٗزِتھ آے ہمسایہ تہٕ أنٛدی أنٛدی سٕمِتھ ہیوٚ تکھ وَدُن تہٕ۔

’’افسوٗس! افسوٗس‘‘ أکۍ وۄن ’’ہاے ہۄن اوس وو پھرا ے کران مگر اَسہِ دِیُت نہٕ اور کُن ظونہٕ۔‘‘ بے وۄن ’’مگر ژٕ تے آسہِ ہِکھ اَمہِ ستۍ ہُشار کۄرِمُت۔‘‘

سوداگرن دِیُت جواب ’’نہ۔نہ‘‘

ییٚلہِ وۄنۍ ہۄنۍ سنٛز کتھ وُژھ تہٕ سوداگرن اوٗن سُہ بڑٕ وُنہہ کُن تہٕ پاگلہِ ہِنٛدی پأٹھۍ أمِس اَتھہِ پھروان چھُ أمِس ستۍ کتھہِ کران ’’واے ژٕ ے کتھ ہیکہِ ہاکھ گرِتھ تہٕ وَنہا کھمےٚ کمۍ نۍ چیز‘‘ اَتھ پتہٕ رۄٹ ہۄنۍ أمۍ سُنٛد دۄ چھُن نۆ رِدندن منٛز تہٕ لوٗکنس درواژس کُن لَمُن۔

أکۍ ہمسایَن وۄن ’’شاید ما چھُ ہۄنِس پتاہ زِ خزانہِ کتھ جایہِ چھُ ژھیٚپر اوٗتھ۔ مےٚ باسان توٗ ہۍ پکِو أمۍ سے پَتہٕ پَتہٕ۔‘‘

ہۄن رۄ دمیلہِ واد بڑٕ وُنہہ کُن برۄنہہ کُن پکان یۆت تانۍ سُہ جنگلس منٛز تھ جایہِ ووت ییٚتِتھ ژِۄرَو یِم چیز أسۍ دۄ برِتھ تھأوی متۍ۔ اَتہِ لوگ أمۍ زمینس ژِھن تہٕ

سبٹھے زورِ زورِ چھُ میژ چھکان۔ سوداگر تہٕ تِمس ستی گمتو تِسند بو ساتھیو تہٕ لوگ اُتھ جایہِ کھٔنُن۔ اُتھ ستی آے یِمَن کینٛہہ رأوی متی چیز وَنہِ تہٕ پتہٕ دژاے سأری چیز تِمۍ!

سوداگر گو وچھِتھ سبٹھے خوش۔

"تمۍ ییٚلہِ یم سأری چیز پتھ گرِ واپس وأتنأوی تہٕ یم گرس منز زیادٕ محفوظ جایَن تھأوِن تہٕ تمۍ لیچھ نو جوان باپأرس تہٕ تتھ چِٹھی۔

"دانأیی، بہادری تہٕ رژر کہِ ٹھکانہٕ تہٕ سارِنے ہندِ ٹاٹھہِ سلام! ژےٚ سمکھنچ سخت یژھ باونہٕ پتہٕ چھِم وُنۍ زِ بہٕ چھس چون ہر ہمیشہِ خأطرٕ شُکر گزار نوکر۔ ژےٚ دِژ اتھ مےٚ کینٛہہ کال برٛ ونٛہہ اکھ ہوٗن تمۍ ہوٗنی بچوٗس بہٕ تباہ گژھنہٕ نشہِ۔ بہٕ چھسے ژےٚ یہِ استدعا کران زِ ژٕ کُن تن مےٚ یہِ ہوٗن۔ ژٕ دِتُن مےٚ یہِ ترٛہَن ساس روپین بدلہٕ یێمہِ منزٕ پنداہ ساس روپیہ ژےٚ گوڈے چھُکھ دِژمٕژ لہذا چھسے بیٚیہِ پنداہ ساس روپین ہنٛزٕ چیک سوزان تہٕ تتھ کنۍ بنہِ یہِ سأرُے ترٛہ ساس روپیہ۔ ہرگاہ ژٕ میوٗن یہِ درخاس قبوٗل کرَکھ بہٕ روزَے ژےٚ ہمیشہِ یہِ دُعا کران زِ ژےٚ روٗزی نَے ہرَ لٔگِہ عنایتہٕ سپدان۔"

یہِ چِٹھی بند کرِتھ تھأون یہِ ہوٗنس اَسس منزٕ تہٕ وۄنُس ژٕ گژھ پنہٕ نس پرأنس مأ لکس نش۔

ییٚلہِ جوان سوداگرن ہوٗن پانس کن دوان دوران یوان وُچھ تمۍ سوچ زِ یہِ چھُ ژٕ لِتھ آمُت۔ لہذا یِیہِ اُمۍ سُنٛد موجوٗد مأ لِک اُمس پتے تہٕ منگِم رقم واپس یہِ زن میانہِ خأطرٕ وُنی کٔبس ممکن چھنہٕ۔ لہذا کوٚر تمۍ اِرادٕ زِ بہٕ مارَن یہِ ہوٗن تہٕ پتہٕ ہرگا سوداگر یِیہِ تہٕ پتھ رقم منگہ بہٕ ہیکہِ تِمس وٕنِتھ زِ "دِن مےٚ پتھ ہوٗن تہٕ بہٕ دِمے ژےٚ

پَنٛنۍ پَنٛنہٕ واپس'' مگر یِتہٕ اوس دوکھا، ساسہٕ بۆ د ماتما! یِتھےٚ تَمۍ یہِ ہۆن مارِتھ ژھَن تہٕ یہِ گَتھ تانۍ جایہِ ییتھ یہِ ژۄرِ پأٹھۍ دۆ برووتہٕ چھُکھ پیپہِ ہۆنۍ ہِنٛدِ اَسہٕ منٛز۔ نوجوان سوداگرن تَجِ یہِ چھٕکہ تہٕ یہِ پرٛتھ پیو بےہوش گرٛیتھ پتھر۔''

شہزادَن وۆنۍ یہِ دٔلیل کأنۍ جذباتہٕ برِتھ اندازٕ یتھ زِ بادشاہ تہٕ اَتہِ موٗجوٗد لۆکھ سَپدی اَمہِ سِتۍ زبردست مُتأثر۔ دربارس منٛز گووتہٕ سِتھ تہٕ ییلہِ شہزادِ کینژن منٛٹن ژھوپہٕ کرِتھ رۆد تہٕ گوڈنِکہِ کھوتہٕ زیادٕ پہن سنجیدگی سان وۆنُن ''اے بادشاہ۔ توہہِ دِتُو اَسہِ فورن قتل کرنہٕ ہنٛنٛد حکم مگر اَسی چھِ یتھی معصوٗم یُتھ یہِ بچور ہۆن اوس۔ یِتھہٕ یہِ سَپد زِ جلدی منٛز یہِ کأم کرِتھ گرٛھی ژٕے افسوٗس تہٕ تیمِس نوجوان سوداگرسنٛز دٔلیل مےٚ وۆنۍ تمۍ ہِنٛدی پأٹھۍ پشتاوکھ مگر وقت آسہِ گۆمُت۔''

بادشاہَن وۆن پھسرایہِ منٛز ''حکم پییہٕ تہٕ واپس نِنہٕ بہٕ مانہٕ تہٕ أکی ہنٛز یہِ کتھ۔''

اَمہِ پتہٕ ترٛوو بے شاہزادَن تختس بٔرٛ وٕنہِ گنہِ پان تہٕ دۆپُن زِ مےٚ تہٕ دِی تو مرنہٕ برٛ وٕنہِ کینٛہہ ونٕنک اجازت۔

بادشاہَن وۆنُس دۆ چھن اَتھ رَژھ کھنڈتلتھ ''وَن''

شہزادَن کۆر یتھہٕ پأٹھۍ شروٗع:۔

''اے عظیم تہٕ باوقار بادشاہ۔ سبٹھا پتھ کالہِ اوس اَکھ شکأری یُس مانہٕ اوس یِوان تہٕ تیمنے کینژن پکھشن تہٕ جانورَن پتھ اوس سُہ تہٕ تسنٛد عیال گُزارٕ کران یِم سُہ جنگلس منٛز ماران اوس۔ دہا بٔنیاو زِ اَمِس میوٗل نہٕ کہنٛہ۔ سُہ اوس اَمہِ وجہ کِنۍ سخت

دوکھہٕ ہوٚت تِکیازِ تِمَس اوس نہٕ پگہہ خاطرٕ گرس منٛز کھینہٕ خاطرٕ کینٛہہ موجوٗد۔لہذا روٗد سُہ ترٛہن دوہَن جنگلن منٛز بڑوٚنہہ بڑوٚنہہ پکان۔یتھ زِ کینٛہہ مامیلم یوٚت تانٛی سُہ اَخرس پیٹھ اَکِس پہرٕ نِش دوت۔یتھ نیبر گنہٕ کینٛہہ شِکارٕ بہتھ اَسی۔تِموٚ پرٛژھس زِ ژٕ کُس چھکھ تہٕ کتہِ پیٹھ آکھ۔تِموٚ ییلہِ یہِ بوٗز زِ یہِ اوس کھینہٕ خاطرٕ حالِ حأران تہٕ ترٛییو دوہَو پیٹھٕہ اوسُس نہٕ کینٛہہ تہِ کھیوٚمُت تِموٚ اوٚن کینٛہہ مازتہٕ ژوٚٹ اَمِس بڑوٚنہہ کُن تہٕ وعدٕ کوٚرہَس زِ اَسی نموتھ ژٕ وُنی رَژھِ کھٔنجہِ پَتہٕ اَکِس ترٛوٚہہِ جایہِ ییٚتہٕ ضروٗر ژٕے شکار میلی۔

اصل پأٹھی کھینہٕ ہنٛن کھیتھ تہٕ آرام کرِتھ دژاے سُہ تہٕ ہموٚ منٛز اَکھ شُکأرٕ جنگلس منٛز اَکِس خاص طرفس کُن تہٕ موٗرکھ اَکھ ہانگل۔کینٛہہ لوٗکٹ جانور تہٕ بییہ اَکھ زٕ پگھش۔یِمَن لوگ نہٕ باقیو شِکار روٗاتھ تہِ۔

تِموٚ وٚنس ''نہ۔نہ۔یِم چھِ چانٛی۔ژٕ نِکھ یِم فورَن پننہٕ زنانہٕ تہٕ شُربن یِم وُنی کیمن بو چھِ ہیٚتی آسَن۔اَسی یژھہِ ہاوٕژ وارِیَس کالس پانس ستی رٔٹن ہرگانہٕ اَسہِ خیال آسہِ ہیٚ زِ ژٕے آسی واپس گرٕ گژھنچ وارِیہہ فِکر۔وٚن گوو اَسہِ چھِے وومید زِ ژٕ سمکھکھ اَسہِ جلدٕ ےدُبارٕ۔''

شُکأرٕ وٚنکھ درجواب ''یہِ کینٛژھا توہہِ میانہٕ خاطرٕ کوٚروتِمہِ باپتھ شُکریہ۔یتھ منٛز چھینہٕ کہنٛہ تہٕ شک زِ یہٕ آسو توہہِ اَکثر سمکھنہِ یوان تہٕ توہہِ ہوٚبن دوستن مدد کرنہٕ خاطرٕ آسہٕ یہٕ ہمیشہِ تیار۔ہرگانہٕ توہہِ مےٚ وقتس پیٹھ مدد کری ہوٗیہ تہٕ میوٚن عیال آسہِ ہیٚ موٚدمُت۔ضروٗر ریمہٕ یہٕ توہہِ نِشہِ دُبار۔''

گرٕ وأتتھ وُچھ أمۍ پٔنٕز زنانہٕ تہٕ عیال بوچھہِ ستۍ مَرنس پیٚمتۍ۔ تم اُسۍ تٔمس پٕزاران پٕزاران لۄسۍ مٕتۍ تہٕ اُخر اُسۍ بوچھہِ ستۍ اَتھ حالَس واتۍ مٕتۍ۔ لہٰذا زول أمۍ ڈٕلی ڈٕلی نارتہٕ روٗغُن کینٛہہ ہانگل مازتہٕ ہیٚبہٕ بنوٗون ژھٹہٕ رَس۔

صُبحس کیٚنتھ اُسۍ تم بلکل ٹھیک تہٕ خوش تمو وُنۍ اَکھ اَکس پنٕنۍ بُتھہِ آمتۍ مُشکل تہٕ کوٚرُکھ جنگلہٕ کیٚمن تمَن شکارٕن دُعایہِ خأریم یمَن پیٹھ پیٚتۍ مہربان اُسۍ سپدی مٕتۍ۔

کینٛہہ دۄہ ہٕ وۄن شکأری پنٕنہِ زنانہِ زٕمےٚ پٕز پَنٕنہٕ نٔبن دوستَن سمکھنہٕ خأطر جنگل گرٕ ھُن تلکیاٚ زٕمےٚ چھُ تمَن وعدٕ کوٚر مُت زِ یہٕ یمو جلدٕ ے توہہِ سمکھنہٕ۔ لہٰذا گرٕ أمۍ کینٛہہ ڈالہِ تیارتہٕ دڑاو۔ باقٕے شِکأری گٕے أمس وُچھتھ وارِیہہ خوش تہٕ سبٹھا رٕتی پأٹھی کوٚر رَہس خأطر۔ سہٕ روٗد کینٛژٕن دۄہَن یمَن نِش۔ یتھ دوران أمۍ وارِیہہ شِکار کٔرۍ تہٕ پتہٕ کوٚرُن طےٚ زِ اَمہِ جمأژ ہنٛدِس زٕٹھی ہٕنزٕ مأری مٕنزٕ کورِ ستۍ کٔرِ پنٕنہِ نَس نیٚچوس کھاندر۔ یتھ زِیٚم زٕ خاندان دوستی ہریمانہٕ وۄنۍ رشتہٕ سٕنز تہٕ واٹنہٕ یہٕہَن۔

کینٛہہ کألی سَپٕد یہٕ کھاندرتہٕ مہرازس آو ہوٚو رسال کرنہٕ تہٕ سہٕ گو واور۔ نصف رأژ بأ گی ہیوٚ ییٚلہِ یم بأ ژٕز اَتہٕ شوٗنگتھ اُسۍ تہٕ یم گٕے شائن ہٕنزٕ زبردست وُنگہٕ رایہِ ستۍ ہُشار۔ مہرنہٕ اُس جانورن تہٕ پکھشَن ہٕنز بوٗلی فِکرِ تران۔ تمہِ ییٚلہِ ہُشار گرٕ ھتھ یہٕ بوٗزتہٕ تَس آو سمجھ زِیٚم اُسۍ اَکھ اَکس ونان ڈٕریاوَس چھےٚ اَکھ لاش پرٕ وسان تہٕ لاشہِ ہٕنزٕ اَکس نَرِ چھُ اَکھ کرٕ ھہٕ کرِیتہٕ پانژھ قیمتی لال چھہِ لأ گتھ۔ کانٛہہ اَکھ اَہر گا گرٕ ھتھ ہیٚکہِ ہےٚ تہٕ لاشہِ ڈٕنڈِس کُن اَنہِ ہےٚ تہٕ پانژٕن لالن ہُنٛد یہٕ کرٕ ھہٕ کرِیہِ ہےٚ تتھہٕ کٕنز

سپدٕ ہَن ترٛٮ۪ے رٕژ کامہِ دٔریاوگژھِہے گندگی نِشہِ صاف پانژھ قیمتی لال بچہِ ہَن دٔری یاوژٕکِس تل گژھتھ راوٕنہٕ نِشہِ تہٕ اَسہِ غریب جانورَن تہٕ بنہِ ہے جان کھبنہٕ ہنا۔

مہرنہِ ییٚلہِ یہِ بۆزسوٗژھ بسترٕ منٛز تھوٚ دتہٕ دژلیہِ دٔریاوَس کُن۔ اٰمی سُند خانہٕ دار چھُ سونچان یے گیہِ تہٕ گیہِ کوٚت لہٰذا اوڈژاس سُہ لوٚت لوٚت پتہٕ پتہٕ۔ دٔریاوِ بٔٹھس پیٹھ واتتھ تژ اٰوامہِ زنانہِ آبس منٛز ووٚتھ تہٕ واژ ژھانٛٹہٕ تژتھ لاشہِ تانی یوسہٕ زنہٕ گاشَس منٛز کمیے اَتھہِ اَس یِوان۔ تمہِ رٔٹ لاش تہٕ اَتھ بٔٹھس کُن اَنتھ کوٚڈنس سُہ خۆبصورت کژھہِ کریُس اَتھ اَکِس نَراوس لٔگتھ تہٕ پتہٕ آیہِ واپس گرٕ۔

اٰمی سُند خانہٕ دار ووت گوڈے گرٕ تِکیازِ سُہ اوسنہٕ اٰمی ہِندِس لاشہِ کژھہٕ گر کڈنس پژاریٖومُت۔ سُہ اوس سوچان "یہِ کیازِ گیہِ راژ ہِنٛدِ ییٚمہِ وَقتہٕ دٔریاوَس پیٹھ تہٕ کوٚرُن اَتہِ سران" اَمہِ کَنہِ پییہِ نہٕ اٰمِس ہِندِ رمگر اٰمی ہِنزِ زنانہِ گر گاش پیٚنس تانی اصل ہِندٕ ر۔

خانہٕ دار ییٚلہِ ہِندرِ ووٗتھ تہٕ رسمہِ مطابق گووٗ کرٔ ژلی دٔریاوس پیٹھ سران کرنہٕ۔ اَتہِ ییٚمہِ ہتی تمس وحشت گووتہٕ سُہ پریشان سپُد اوس یہِ زِ تتھ جایہِ اٰمی ہنزِ آشنہِ راتھ کیٚتھ آبس ووٚتھ اَس لٔمِژ تتہٕ اَس اَکھ اوڈ نیٚچ کھبنہٕ آمژ آدمی لاش۔ اٰمی وُژن پانس اَندری "میانٛی زنانہٕ گوٚہِ راکھشنی آئِنی۔ تمہِ چھےٚ یہِ نصف لاش کھیٚمژ تہٕ ضرورِ یِیہِ سوو وُنی از راتھ کیٚتھ تہٕ کھیٚیہِ باقی ہَن۔ یہِ سوچان کھوٗژ سُہ تَس نِش واپس گژھنَس تہٕ لہٰذا اوڈ نیارِی ووٚلی مالِ گُڈ گیہِ اَلِس نِشہِ پکِھ کمیے لوٚکھ نیران

اُسی۔

اؤت واُتتھ وؤن تمی ''بباژے کیاژِ کوٚرتھ مےٚ راکھشہٕ ستی کھاندر۔ مےٚ چھُ پوٚر ہتھ زِ یہٕ زنانہٕ چھےٚ اَکھ راکھشنی تِکیاژِ راتھ کھییہٕ تمہِ اَکھ انسانہٕ لاش۔ اَمہِ کِس شبوٗتَس منٛز ہیکٕکھ ژٕ گرٕ ہتھ تہٕ وُچھکھ دٔریاوٕ ٹھس کُن اَمہِ لاشہِ ہُنٛد بچومُت چھےٚ۔ یہٕ کوتاہ بدقسمت چھَس!

ییلہِ شکاٗری یمہٕ گتھہٕ بوزِ تہٕ تمی سوٗنچ زِیاتہٕ چھنٕہ میوٗن نیٚچوٗ پوٗز وناں نتہٕ چھُ یہٕ دیوانہٕ گوٚمُت لہذا دژ اوسہٕ ژٕلی ژٕلی اَمیچ حقیقت زاننہٕ خاطرٕ۔ ییلہِ سہٕ وُنہِ تہنٛدِ نِشہِ دوٗرٕ پٔہن اوس تہٕ مہرنہِ ہُنٛد مول تہٕ اَمہِ گرِکی بییہٕ کینٛہہ نفر دژاے اُمِس بُتھہِ سلام کرنہٕ تہٕ یہٕ زاننہٕ خاطرٕ زِ اُمی سُنٛد نیٚچوٗ کیاژِ اوس اچانک تہٕ عجیب پاٗٹھی اَتہِ دژامُت۔

اُمی زون زِ دلنٲئی چھےٚ یہٕ زِ اَتھ معاملس کھمو توٚت تاں گتھے یوٚت تانٛ نہ اُمِس زنانہٕ ہنٛز حقیقت معلوٗم سَپدِ لہذا ووٗن اُمی شکاٗری یمَن زِ توٚہی مہٕ ہیٚو میانٛس نیٚچوٗ سُنٛد کانٛہہ پرواے تِکیاژِ سہٕ چھُ ٹھیک پاٗٹھی گرِ تہٕ سہٕ اوس میانٛی سے وَنس پیٹھ جلدٕ ے واپس گرٕ آمُت۔ بییہٕ ووٗنکھ زِ لڑکہٕ ماچھُ وُنہِ پوٗرٕ پاٗٹھی بالغ تو ے اوسَس مےٚ ووٗنمُت جلدٕ ے یِی زِ واپس گرٕ۔ تو ے چھےٚ مےٚ وومید زِ ہرگاسانہِ ڈٔسی کانٛہہ غلطی آسہِ گمٕژتھ دِیو معاٗفی تہٕ توٚہی دِی تو اجازت تہٕ یہٕ نمن پننٛی نوش پانٛسے ستی۔

باقے شکاٗری سپدی اُمی سٕنٛدِ اَمہِ وضاحتہٕ سٕنٛی پوٗرٕ مطمئن تہٕ موٗنکھ مہرنہٕ روخصت دِیُن۔ اَتہِ کینٛژھا کھبتھ دژاو شکاٗری (مہرازٕ سُنٛد مول) پننٛی نوش ستی ہتھ واپس پٔنُن گرٕ کُن۔

تمی کر کوشش تہٕ رۄ دٲمس پتھ پتھے پکان تکیٲ زِتس اوس خوف زِ ہر گاہ
پزٕ کنی راکھشنی ٲس تہٕ یہ کھیہِ مے۔ تم ٲسی اَڈہنا تھے کنی پگہٕ متی زِ یہ کورِ ہن تھج
ہش تہٕ بیٹھ ٲکس بڈٕ تہٕ خوبصورت گلہِ کس شہلس ٲکس ناگہٕ پوکھرِ نش۔
شکاری ٲس یمہِ خیالہٕ پانس منز ہمت ہش اَنی ہٕ زِ میون نچو ما آسہِ ژکہِ خابس منز
کھۄژمت لہذا ابیۄٹھ ٲمس لرِ تہٕ تمو کھنہٕ چیز ومنز کینژھا کڈِتھ یُس ٲمس کورِ ہندی
مالی ٲمس ستی اوس دِتمت دِتُن ٲمس کھنہٕ خاطرٕ۔

اَتتھ بیہنا کران چھ یم کینژھا کھوان تہٕ تھکاتہٕ کڈان تہٕ بینہ پانہٕ وٲنی کتھا
باتھاتہِ کران زِ اَتہِ سے أندی أندی کینہہ کاو تہٕ لوگُھ کاوکاوکرُن۔ اکہِ لنجہ پیٹھ بیٹھس
تران تہٕ اکہِ کنہِ پیٹھ ؤتتھ بیٹھس پیٹھ بیہان لوگ یمو سخت شور تہٕ نظرٲسکھ ماز پھلین
پیٹھ یتھ زِ موقعہٕ تہٕ تھے تژ اوہن جونٹہٕ تہٕ نہن یمن اَتہِ تکتھ۔ یمو منزٕ اَکی یُس اَکھ بڈٕ
کاواوس یوٚژھ خاص پٲٹھی یمن ستی دوستی آیہ وو ہار کرُن۔ تمی دِژ کاوکاوکران کربکھ
''سہ کُس نفر آسہِ یُس میون بوزِ تہٕ میون وَنُن فِکرِ تربس۔ یمہِ خوبصورت گلہِ کس
مۄلس تل چھ اَکھ بانہٕ لالو ستی برتھ تہٕ تتھ بانس تلہٕ کنہِ چھے ساسَن ہنز ساس رینہ
یمہٕ یتھ گلس ہوٚ کھر اوان چھے۔ ہاے آسہِ ناکانہہ تیتھ نفر ایُس تتھ بانس کھنتھ نبر کڈِ
تہٕ یتھ گلس تہِ بچاوِتہٕ اَسہِ تہٕ تکیٲ زِ اَسہِ چھ اَمہِ کین لنگن پیٹھ اول بنومت تہٕ بینہ بنہٕ
پانہٕ تہِ تیتھ امیر ییٚنہ سۄ چتھ یاؤ تتھ ہکو'' اَمہِ کورِ بوزی یم لفظ تہٕ چھے گراَسان تہٕ گرا
ودان۔

یہ وُچھتھ کھۄ شٲمی سُنہ ہٕ ہیر یارٕ وار یہہ۔ تمی سونچ زِ اَمہِ اؤس تہٕ وۄد۔ تۄ

کٔنی چھےٚ یہِ راکھشٕنۍ تہٕ چھےٚ مےٚ کھٕنچ تیأری کران۔ تھٔر تھٔرِ لد نسوٚپرژھٔن اُمس ژٕ کیاہ چھکھ ژکہِ؟ ہرگاہ ژ راکھشٕنۍ چھکھ تیٚلہِ چھےٚ میوٚن درخاس زِ مےٚ تژ اوتہٕ یٚلہٕ۔

یہِ کوٗر گےٚیہ یمہٕ عجیب لفظ بوٗزِتھ وارِیہہ حاران تہٕ دِیتٔنس جواب دٕبہٕ چھس نہٕ کانٛہہ خراب یا خونخوار مزاج۔ ژےٚ کیاہ ووٚچھتھ مےٚ منز یا بوٗزتھ مےٚ متعلق زِ ژےٚ کوٗرتھ مےٚ یتھ ہیوٚ سوال؟‘‘

تٔمۍ ووٚنس ’’سو اُڈ کھیمٕژ اِنسأنی لاش یتھٕ کٔنی وأژ راتھ صبحس دٔریاوٕ بٔٹھس پیٹھ۔ ژٕ کیا زِ اُسکھ وٗنی اسان تہٕ تہٕ وَدان تہٕ سُتہٕ اکی وِزِ۔‘‘

تمہِ ووٚنُس ’’کیاہ! تیٚلہِ وَنہِ یابہٕ؟ ژےٚ چھسیابہٕ پزے یمہٕ وِ ےوجہو کٔنی راکھشٕنۍ باسان؟ یوٚہے اوسا میأنس خاوندس یعنے چأنس نیٚچوِی ہٕندِ اچانک پأٹھۍ ژلنٛگ وجہ؟ اوے کٔنی اوسکھاژ برابر یوٚت تانی مےٚ پتہٕ پتہٕ پکان؟ یہِ چھا بیقل گی! اَتھ منز کیاہ چھُ غلط! بوزأچھ حقیقت۔ تمہِ رأژ یٚیلہِ چون نیٚچو میوٚن مالیٚن آوتہٕ لٛأری آے شال تہٕ لوکھ تیوٚت شور زِ اُسۍ دوٚنوے گےٚ ہُشار۔ تموٚ کٔر تمہِ رأژ وارِیہہ زورٕ زورٕ تہٕ وارِیہس وقتس پانہٕ وأنی کتھٕ تہٕ اَتھ منز چھنہٕ کانٛہہ تعجب زِ تموٚ اُس تمہِ رأژ اَکھ لاش دٔریاوس پیٚٹھ وسان ووٚچھمٕژ تہٕ تم اُسۍ ونان زِ لاشہِ ہنٛزٕ اُکس نرِ چھُ اَکھ خوبصورت کٔژھہٕ کرأ لتھ۔ پتہٕ یہِ بوٗلی سمجھتھ سوٗنچ مےٚ زِ یہٕ کٔژھہٕ تہٕ اَنن یہِ لاش بٔٹھس کُن تہٕ کرٕ یہِ کٔژھہٕ کرحاصل۔ وُچھ۔ یہِ کیاہ چھُ یہِ، تہٕ ہووٗن یہِ پٔنہٕ نس ہیٚہر بابس یہِ اوس اُکس موٚلٕژِ دَجہِ کھٕنجہٕ وٚلتھ۔ سو لاش تژ اُومےٚ اُتی بٔٹھس نِش۔ شاید ما آسن پتہٕ شال آمٕتۍ تہٕ تموٚ آسہِ سو کھیمٕژ۔ تہٕ چھنہٕ مےٚ مگر ژےٚ ما آسی خبر۔ یہِ ما آسہِ ہے اُڈ کھینہٕ آمٕژ

لاش یوسہ شاید چانٛنِ نیچوِ ژھجس ژھجاے وُچھ۔ تِکیاز تِمۍ اُسس بہٕ سیٖودٕ پاٹھۍ نصف راژ کیٚتھ ڈٔری یا وس کُن گژھان وُچھمٕژ توے آسہِ تَس باسیوٗ مُت زِ بہٕ چھُس راکھشٕ توے تہٕ چھُن یہِ لاش کھیمٕژ۔ توے ژٔول تہٕ سُہ۔"

یہِ وُنتھ ترٛ وو تِمہٕ اَسن کھنگالہٕ۔ تہٕ شُکاٲرِس تہٕ پیو اَسُن۔

اَمہِ پتہٕ وۄن تِمہٕ بڑٕ وٕنٛتھ کُن "وُنۍ اوس ہُتھ گلیٖنہِ پیٚٹھ اَکھ کاو، کاو کاو کرِتھ بولان تہٕ ونان زِ یمہِ کُلہٕ کِس مۄلس نش چھُ اَکھ بوٚڈ خزانہٕ ژۄرِ پاٹھۍ۔ اُمس جانا وارسٕنز کتھ تہٕ ترٛم فِکرِ توے آم اَسُن تہٕ بیٚیہِ دِژم یہِ سوٗچھتھ خوشی سٟتۍ کر بکہٕ زِ مۍ میلہِ بیٚیہِ خزانہٕ تہٕ تتھہِ کنۍ واتناوٕ بہٕ پننہٕ نِس خانہٕ دارس تہٕ باقٕے عیالس سوکھ تہٕ آرام۔ یہِ چھُنا سأٹم عقلہِ ہنٛزٕ کتھ؟ مہربأنی کرِتھ مہ سمجھومۍ راکھشٕ یا تتھے بیٚیہِ کینٛہہ۔ بہٕ چھُس یژھان چانِس نیچوِ سٕنزٕ اَکھ رژ آشنٔے تہٕ سارِنے سٟتۍ رُت کرُن۔"

شِکاٲری گوو یہِ بوٗزِتھ سیٹھا خوش۔ تِمس آیہِ پوٗرٕ پاٹھۍ پننہٕ نوشہٕ ہنٛزٕ ن کتھن پیٚٹھ پَژھ۔ اَتھ سٟتۍ لوگ یمو دوشوٕ یو کُلہٕ کِس مۄلس اَندٕ اَندٕ کھَنُن تہٕ لوٚبُکھ لتہٕ یہِ خزانہٕ۔ کینٛہہ سیٹھا موٗلُل لال تہٕ دولت۔ اَمہِ ساعتہٕ چہٕ خوشی منٛزٕ ٹ شِکاٲری یہِ کوٚر نالہٕ مَتہٕ تہٕ کوٚر نِس استدعا زِ مۍ تہٕ میأنِس نیچوِس دِ معافی زِ اَسہِ اوس چون غلط شک۔

سیٹھا خوشی سان دژاے تِم بڑٕ وٕنٛہہ کُن سفرس پیٚٹھ۔ یہِ اُس سیٹھے خوبصورت سڑک۔ گُلوٗ اُس اَکھ زٕیٹھ ڈیٚڈی ہش بناوٕمٕژ یٔمہِ کہِ شِہلی شِہلی یم سڑکہِ ہنٛدِس بٔڈِس حِسس پٮ۪ٹھ۔ پڑ بتھ قسمچہ خوبصورتی تہٕ ہیُرٕ ہنٛدی پوش اُسۍ زمینس پیٚٹھ تہٕ کولہٕ آسہِ پڑ بتھ طرفہٕ یانِس سٟتۍ زندگی، طاقت تہٕ خوشی ہتھ یکان۔

شُکاٗرِس لٔج ترٛیش تہٕ وۄٛنُن پننہِ نوشہِ زِ یِمو منٛز اَن گنہِ اکہِ کولہِ پٮ۪ٹھہٕ مےٚ

ترٛیش۔ سو درٛایہِ فورَن تہٕ یاٗنی سو ترٛیش رٔٹنہٕ خاطرٕ رُکییہ تہٕ نمییہ اکہِ منہٕ کوٚرُس ٹٕرٕ

تہٕ وۄنُس گرٛھہِ نا کاٗنہہ مہربان بٔنتھ بوٗزِتھ۔ یَتھ کولہِ منٛز چھُ اَکھ ژھیٚپتھ خزانہٕ توٚ کٔنہ

چھےٚ یہِ کول کیٚموٚ ستی بٕرِتھ۔ میۄن ہے کاٗنہہ بوزِ ہے تہٕ یہِ خزانہٕ کڈِ ہے۔ اَمہِ پتہٕ گرٛھہِ

ہے یہِ آب صاف تہٕ یم وَتہٕ گژھہِ یہِ ترٛیش چھٕنہٕ ژھُنہٕ واتہِ ہے فأیِد۔ منہٕ تہٕ گرہن

میاٗ دس تکلیف دِژنہٕ دَگہِ نشہِ یوسہٕ یِمَن یِمو کیٚموٚ کٔنہ کران چھےٚ آزاد گژھتھ عاٗش یٮ۪لہِ

زن یہِ خزانہٕ لبٕن وول تمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ پژاوِ یہِ تس ییٚژھ آسہِ۔

یہِ بوٗزِتھ گیہِ فورَن یہِ کوٚرتہٕ وۄنُن پنٕنہِ نِس ہیٚمہِ باپس یُس ژٕلی ژٕلی کولہِ

پٮ۪ٹھ آوتہٕ لوٚبُن یہِ خزانہٕ۔ یہِ ٹھیک پاٗٹھی پنٕنہِ نٔبن ۂلہِ گنڈِ نٔبن گنڈتھ دژاے تم بروٗنہہ

کُن سَفرس۔ یٮ۪لہِ تم گرٕ نزدیک واٗتی شکاٗری وۄن نوشہِ نیرٕ ژٕ برٛوٗنہہ۔ تمہِ کوٚرتی تہٕ

تٕتھےٚ سو گرِ کِس درازس پٮ۪ٹھ واٗژتہٕ سو وُچھ پنٕنی خانہٕ دارَن تہٕ اُمس کُنی ژٕنی وُچھتھ آد

اُمس جلدی خیال زِ اَمہِ چھُ میۄن مول مورمُت تہٕ وۄنی چھےٚ یہِ مےٚ مارنہٕ تہٕ کھینہٕ

آمِژ۔ لہذا اَنٕج تمی اَکھ شمشیر تہٕ تٕتھےٚ سو برٛوٗنہہ کُن واٗژس تہٕ راے اٗسس مےٚ کرِ

خاوندا ستقبال تہٕ سوچان اُس زِ یہ ہاوس بوٚڈ بارٕ خزانہٕ تمی ژٕنیہِ اُمس کلہٕ ہرٕ تُلتھ اکہِ گاٗنٹہٕ

پتہٕ ہیوٚ ووت اُمی سُند مول گرِ۔ نیٚچوی وۄنُس "بابا۔ شُکر چھُ خدایَس کُن زِ ژٕ چھکھ

تیٚمِس خونخوار زنانہِ نشہِ بچومُت۔ روز وۄنی خوش۔ یٮ۪مہِ یپور روز ووۄنی اُسی محفوٗظ تہٕ

امنس منٛز۔ مےٚ ژٕ ژھنی یہِ ماٗرِتھ۔ وُچھ درواژٕ کٔنہ چھی اُمی سُند خوٗن۔"

یٮ۪لہِ شکاٗری اَتہٕ اُنٛدی یکی خوٗنہٕ داغ وُچھ تس گو وغش تہٕ پیو پتھر۔ اَمہِ پتہٕ آد

تَس وار یَہہ کاڈِ حبس۔ تِمَس کوتاہ دوکھ سپُد مگر تِمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ دوکھ سپُد اُمِس زنانہٕ ہِنٛدِس جلد بازخانہٕ دارس پیٚٹھ۔ تَس اَمہِ ماپِچ حقیقت نیٖنہٕ۔"

یہِ کہانی یِیتِس کالَس وَننہٕ آیہِ تِتِس کالَس اُس اَتہِ مکمل ژھوپہٕ۔ بادشاہَس اوس اَمہِ کہانی ہُنٛد نتیجہٕ پوٗرٕ پاٹھۍ سمجھ یِتھ دِلَس منٛز جاے گرِتھ گومٕت۔ چھیکرس دوٗنس شہزادَن "اے بادشاہ۔ سانہٕ بَبا۔ اَسۍ چھی ژٕ درخاس کران۔ ژٕ مہ کراسہِ قتل کرنہٕ یِکس معاملس منٛز جلد بٲزی۔ نَتہٕ گژھی ژٕ تہٕ پتہٕ تِتھے ہیوٚ دوکھ۔"

تہٕ گرِتھ تہٕ کوٚر بادشاہَن دِل دوٗر تہٕ منٛزنہٕ اُکۍ سُنٛد۔

اَمہِ پتہٕ ترٛ وو بے اُکۍ شہزادَن تختس بڑ وٕنہہ کنہِ پان تہٕ موٚنگن کینٛہہ وننک اجازت۔ تِمۍ ووٚن:

وار یَہہ ؤری بڑ وٕنہہ اوس اکھ بادشاہ۔ یِیمس پٲز رچھنک شوق اوس۔ اکہِ دوہہٕ گو یہِ بادشاہ جنگل شکار کرنہِ تہٕ ووت اُکِس ترٛٹھہِ جایہِ یوٚت نہٕ یہِ اَمہِ بڑ وٕنہہ زانہہ آمُت اوس۔ تِمَس گیہِ یہِ جاے تیٚژ خوش زِ اُمۍ دِیُت حکم زِ یِیٹھۍ جایہِ لاگ گوژھہِ۔ یِیمہِ ساعتہٕ یہِ سپدان اوس تہٕ بادشاہَس لٔج سخت ترٛیش تہٕ ژھانٛڈن ترٛیش۔ رسمہِ یِکنۍ اُس اُمِس دٕچھنِس اَتھس منٛز شمشیر تہٕ کھوورِس اَتھس پیٹھ اوسُس اکھ پٲز بہتھ تہٕ بُتھِ اوسُس جنٛڈ۔ بادشاہَن ہیٚژ ترٛیش چیٚنۍ زِ پٲزَن وہراوِ پکھہٕ تہٕ پھرُن پیالے دُبہٕ۔ نوکر گو وتہٕ اوٗنُن نیہِ آب مگر اَمہِ پھرِ تہٕ دُیت پٲزَن آب داُرِتھ اَمہِ وِزِ کھوٚت بادشاہَس شرارت تہٕ کوٚرُن پٲزَس گرٛزن۔ یِیٚہ گو نوکر تہٕ اُنُن ترٛیش مگر ترٛیمہِ پھرِ یِیلہِ بادشاہَن پیالَس تھَھ گرٕ تہٕ واتنوٗن اُسَس نِشہِ۔ پٲزَن لاج تتھہِ

پأٹھی ژھر ٹہٕ ژھرٹھ زِ بادشاہَس پیو پیالے وٕسی تہٕ ڈٕلِس اند ہتھے حبس۔ تِمس کھوٚت زبردست شرارت تہٕ تلوار تُلتھ ژھٕنن یہ پأزِ بے مأرِتھ۔ اَتھ پتھ آوٕ اَکھ وزیر بٔرونٛہہ کُن تہٕ ووٚنُن بنان چھُ پأزِ ہٕنٛدِس اَتھ پھِری پھِری تہٕ بظأہر گُستأخی ماآسہٕ ہے کانٛہہ خاص وجہ۔ خبر اَتھ پیالَس منٛز ما آسہٕ ہے کانٛہہ خراب چیز۔

پتہٕ دِیُت بادشاہَن حُکم زِ یٚیمہٕ کولہٕ منٛز نوکرَن تریش اَنٛنہ تتھ دِیُو وارٕ پأٹھی نظر۔ کینٛہہ دوٗر تانٛی گژھتھ اوسہٕ کینٛہہ نوٚن یوٚت تانی یم بیٚیس ترٛٹھ کولہٕ نش وأتِ یوسہٕ اَتھ کولہٕ ستی رلان اَس۔ اَمیک آب اوس سبزار سان۔ اَتھ رلہٕ وِنہٕ کولہٕ تہٕ کھٕتی یم ہیوٚر کُن تہٕ کہے دوٗرو چھکھ اَتھ پیٹھ سٕٹھا بوٚڈ اَجدر یٚیمہٕ ہنٛدِ اَسہٕ منٛز سبز لال اَسِ وسان۔ یہ اَس زہرِ قأتل۔ اَمِس بلایہٕ دِچھتھ کھوٗژی یم تہٕ یوٚت تیز ممکن سَپدُ کھتیوٚت آے دوان تہٕ دوران واپس ٹھِکانس پیٹھ۔

یٚیلہٕ بادشاہَن یہ سأرُے بوٗزِتھ تِمی ژیوٚٹ وَچھ تہٕ ریش کوٚڈُن مُلہٕ تہٕ ونان روٗد۔ ''ہاے۔ مےٚ کوسہٕ بانٛبر اَس؟ مےٚ مور پننٛیِ بچاوَن وول۔ میوٚن مأرِ موٚند تہٕ وفادار پأز موٗد۔ ہاے بہٕ کیاہ زِ پزار یوٚس تہٕ اَمِس جانور ہنٛدِ اَمہٕ وٕطیر کہٕ وجہک پے کڈنس۔''

کینٛژن لمحن ٹھہر اوکرنہٕ پتہٕ ووٚن شہزادن بیٚیہ ''اے بادشاہ۔ سانہٕ بَبہٕ۔ اَسی چھی ژےٚ التجا کران زِ اَسہٕ قتل کرنہٕ برونٛہہ گرژہ اَتھ وارِ پزٕ ژھہٕ گأر۔''

پتہٕ ہیوٚتُن بادشاہ کُملن ہیوٗ۔ تِمس ہیوٚتُن ملکہٕ ہنٛدِس وَنس پیٹھ شک ہیوٗ گژھن حالانکہ تَس اوسہٕ یہ ذہنس منٛز یوان زِ ملکہ ہنٛد بن کھور ٹینٛڈ بن رٕکتھ پأٹھی

لۆگ خۆن تہٕ تمی ساعتہٕ کتھہٕ کٔر اوس اُمی سُند زِیٹھ ہیوٗ نیچو اُمی ہنٛدِس ذاتی کمرس منٛز۔

پَنہٕ نِس زِٹھس نیچوٗس تہٕ وأرِث یُس اوٗت تانٛی لٔد ہیتھ ژھوپہٕ گرِتھ اوس تَس کُن پھیرتھ وۄن بادشاہَن "مےٚ وَن تہٕ سأنلم یہ راتھ واقعہٕ سپُد تہٕ ہرگا چانہٕ جوابہٕ سِتۍ بہٕ مطمئن گوس تیٚلہِ یکھ ژٕ تہٕ چأنۍ بأے ییٚلہِ ترٛاوٕنہٕ۔ زِٹھی ہوی شہزادن ترٛوو تختس بۄ وۄنہہ کنہِ پان پتھر تہٕ دِتُن جواب۔

"اے بادشاہ، اے سانہِ ببہٕ، چأنۍ رٕژر تہٕ چون رَحم چھُ پزٕ ہتھ کأنسہِ فرد بشرس پتاہ۔ اُسی کرونہٕ اَتھ معاملس منٛز تۄہہِ جواب دِنس منٛز کانٛہہ تہٕ سرازپری۔ تکیازِ سأنۍ نیت چھےٚ صاف تہٕ اَسہِ چھےٚ پۆر پزٕ زِ تۄہۍ کرِو اَسہِ پیٹھ بیٚنہٕ تِتھے بھروسہٕ ییٚلہِ تۄہۍ سون عرض بُوٗزِو۔

"راتس روندس پیٹھ گرٕہتھ ووٗتس بہٕ اَکس پہرِ نِش یتہٕ منٛز اَکھ برٛہمن تہٕ تسنٛز آشنٛی اُس روزان۔ اُمس برٛہمن سُند عجیب طریقہٕ وُچھتھ گومےٚ تَس کُن توجہ تکیازِ سُہ دراو پہرِ نیبر، تہٕ لوگُن آسمانس کُن وُچھن تہٕ پتہٕ ژاو ترٛاہہ کران واپس لٔدر۔ بہٕ گوس اَتھ جایہِ نکھہٕ یہن تہٕ بُوزم زِ تِمہٕ ستارٕ اوس بے ستارن تباہ کوٚرمت تہٕ اِمیک مطلب اوس زِ تۄہہِ اوس اَکس خاص رأژ اندر مَرُن۔ برٛہمن تہٕ تسنٛزِ زنانہٕ درمیان سپدیمژ کتھ باتھ منٛز ننیاوےٚ یتہٕ زِ اَکھ سَرُپھ وَسہِ اَسمانہٕ تۄہہِ مارنہٕ خأطرٕ سُہ اَژِ تمہِ درواز کٔنی یُس محل خانہٕ کہِ صحنہٕ کہِ پۆری کٔنی چھُ۔ برٛہمنَن وۄن زِ اَمہِ نشہٕ چھنہٕ بچنٛچ بیٚنہٕ کانٛہہ سبیل یوٗت تانٛی تُہنٛد کانٛہہ اُشناو محل خانہٕ کِس صحنس منٛز تپأرکہ دوب

کھَنہٕ یپأرِ سَر پھ اَژِ۔ یِمَن دوٚین گرٕ ھسٕہ آبہٕ تہٕ دوٚدٕ ستی بَرُن تہٕ پَتہٕ گوٚھکھ پٹھہٕ پوٚش تژ اوٚن۔ یتھ زَن سَرُ پھ یِموٚ کِنی نیٖرتھ پَکَن زہر ہارِ۔ تہٕ یُس شخص یہ گَرِ سٕہ گرٕ ھہٕ بیٖیہٕ پتہٕ گُرُن زِ سٕہ گرٕ ھِ سرپھس محل خانَس منٛز اَژنہٕ برونٛہے مأرِتھ ژھٕنَن تہٕ أمی سُند کیٚنٛہہ گرم خوٗن تہٕنٛد بن کھورٹینٛڈ بن مَتھُن۔

لہذا اے بادشاہ اے بَبہٕ۔ مےٚ ہیٚژ یہ کأم پانہٕ مَنٛٹِہ ئہ اوٚسُس مُقررِ وقتس پٹھ محل خانہٕ کِس مشرق اندٕ کِس دورازس پٹھ۔ دوٚب أسی کھنہٕ آٮ۪ژ تہٕ سأپِلم تِتھے ٮ۪کِنی کرنہٕ آمٕت یہ زَن برہمَنَن وٕنمُت اوٚس۔ سَرُ پھ آو تہٕ مےٚ ژُھٕن سٕہ مأرِتھ تہٕ پَتہٕ تہٕنٛدِس ذأتی کمرس منٛز أچھ یِلہٕ تھاوِتھ اَژنس کھوٚژتھ گُنٛڈِم أچھن پٹ۔ توے تہٕ گیہ مےٚ یہ رَژھ غلطی زِ تہٕنٛد ہٕ ٹینٛڈ ہٕ بدلہٕ موٚتھُم ملکہٕ ہنٛد بن کھورٹینٛڈ بن خون۔ تہٕنٛدِس کمرس منٛز ژاونہٕ کانٛہہ تہٕ راکھشَس

"اے بادشاہ۔ اے بَبہٕ۔ ژٕ کیاز زِ چھُکھ اَسہِ پٹھ شک کران؟ أسی چھِ چأنِٛ پزِی یأرِ شُری۔ ژےٚ ہٕ ژتھ ملکہ ہنٛز کتھ یوسہٕ پَنہٕ نٮ۪ن شُر بن تختس تہٕ بڑ بن عہدن پٹھ چھےٚ بیہناوُن یژھان تہٕ توے گٕرِن سأنِٛ واگوٕلی۔ اَسہِ دِیٕت نہٕ توہہِ زانٛہہ دھوکہٕ نہٕ یوٚ ژھ توہہِ گوٚ ژھ کانٛہہ ضرر واتُن۔

بادشاہَن تژ ووشرمہِ تہٕ افسوٗس کِنی کلہٕ بوٚن کُن۔ کیٚنٛہہ منٛٹِہ پَتہٕ وٕتھ تھوٗد تہٕ یہ وَنتھ کوٚرُن اجلاس برخاست "توہہِ ہٕ زو۔ ئہ گوٚھہٕ پانَے تہٕ ژٕنی راو پزرٕ کیاہ چھُ۔"

پٔنٛژ ژورنیٖچوِی ستی ہیتھ دژاو بادشاہ تہٕ وُچھِن کھنہٕ آٮ۪ژ دوٚب۔ پٔتھرِس پٹھ

ژۆنہٕ داغ ییِتھ موٚمُت سَر پھ چھکنہٕ اوس آمُت ۔ پَتہٕ گوو سُہ برٛہمن ہنٛزِ پہرِ منٛز تہٕ پۆرٕ پٲٹھی پرٛژھُن تِمس اَمہِ راَژ ہٕنٛدٮ۪ن واقعَن متعلق ۔ سٲرۍ ؤچھِن پوٚز زٕ نیران ۔

تَمہِ راَژ سَپُد شہرس منٛز زبرست شاَدیانہٕ ییلہِ یہِ خبر نبر دژلیہِ زِ شہزادِ کوٚتاہ نکھہٕ اٲسۍ موٚلتس تہٕ تمہِ کتھہٕ کٔنز بچے ۔ اَمہِ پَتہٕ سپُد جلدٕے یہِ فٲصلہٕ زِ شہزادِ کرن مُلکس حکوٗمت زِ ییٚتھ ہیوٚ نیچو بنیاو بادشاہ تہٕ باقٕے نیچوِ آے وزیر مُقرر کرنہٕ ۔ تِم روٗدۍ سبٹھا صلاح سان تہٕ گٔرکھ سبٹھا ترقی ۔ غریب برٛہمن تہٕ تٔمۍ ہنٛزِ آشنہِ آو تِہنٛزِ باقٕے زندگیہِ خاطرٕ سبٹھا کینٛہہ دِنہٕ ۔ چالباز تہٕ مکار ملکہ آیہِ موکلاونہٕ تہٕ شہرٕ منٛز کڑتھ ژھننہٕ ۔ بُڈ بادشاہ گوو جنگلس کُن ییٚتھ زَن سُہ پۆر پٲٹھی عبادت تہٕ یادِ خدا کٔرِتھ ہیٚکہِ ہے ۔ اَتھ جنگلس منٛز کٔر تٔمۍ پاکبٲزی ہنٛز شہرت حاصِل تہٕ اٰخرس موٚد سبٹھا زیٚٹھ وٲنس کڈِتھ ۔

(راوی: مکند بابو ۔ سوٚتھ سرینگر ۔ ییٚمۍ یہِ ڈٲلِل چھہٕ کدل سرینگر کِس پنڈت مہتاب جُوس نِشہِ اٲس بوٗزمٕژ)



# جوٗگی سٕنز کوٗر

یہِ اوس اَکھ وقتا عام مُصیبتک۔ باقین ستۍ ستۍ اوس اَکھ برہمناتہِ اَتھ منز ہینہٕ آمُت۔ تٔمۍ اوسنہٕ کانٛہہ کاٗما کاراتہِ ہیوٚچھمُت لہٰذا اوسنہٕ یہِ غرٟیب برہمن زِنٛدٕ روزنہٕ خاطرٕ کہٕنۍ تہِ ہبکان کٔرِتھ تہٕ کانٛہہ نفرا اوٗسس نہٕ دِوان تہِ کینٛہہ۔ سُہ اوس سیٹھا مُشکلس منز ہینہٕ آمُت۔ ہرگانہٕ تٔمۍ سٕنز آشنۍ تھٔکِتھ لوٚستھ کینٛہہ بٔتہٕ پھٔلۍ معاوضہٕ رٕنٛگی انان آسہِ ہے یِم سوٚتھنزِ ہمسایہ گی منز أکِس امیر گرٕس دانہِ مُنٛنس منز پلزنہٕ خاطرٕ زینان اُس تیٚلہِ آسہِ ہے سُہ تہٕ تٔمۍ سُنٛد عیال بوٚچھِ بوٚچھِ کران موٗ دمُت۔

اکہِ دوہہٕ یٚیلہِ یہِ برہمن دوہدٕچ پوٗزا کرنہٕ خاطرٕ دژاو تہٕ أمِس وٗن زنانہِ "ہے ژٕ کرتہٕ کینٛہہ پژارتھنا، کینٛہہ ہُم ہناتھ زِ دیوتا آسہِ پیٹھ اُنگریہہ کرہَن تہٕ اَسہِ ژٕٹ میٚیٹ سوزہَن۔

برہمنَن وٗنُس "بہٕ گرٕ۔ بناوژ کینٛہہ یاجہِ۔"

یاجہِ سَپٕز تیار۔ برہمنَن تُجہِ یِمہٕ تہٕ دژاو۔ تٔمۍ تلۍ پٕنٕنۍ پوٗتلی تہِ۔"

یہِ اوس سوٗنتھ کال۔ پژٕتھ انٛدٕ اُس پھُلے۔ برہمن گوو تیز تہٕ دوٗرِ پکان یوٚت تانۍ سُہ اٰخرس تھوٚک تہٕ بیوٗٹھ تھکھ دِنہٕ خاطرٕ أکِس ژوٗنٛٹھی کُجہِ تَل یوسہٕ أکِس شورشور

گرٕ نہٕ خوبصورت کولہِ ہٕنٛدِس ماوٕلِس پیٹھ اُس۔ تٔمۍ سوٗنٛچ دیٚتی۔ اَمیٚتی گرٕ بہٕ پٔزٕ زلہٕ پرٛارتھنا" وارِیَہن گاٚنٹن روٗ دٕسہ اٚتی پٔزٕ زایہِ منٛزِ لین۔ پَتہٕ وۄتھ تہٕ پٔنٛنِ پوٚتلۍ بُرِن جولنس تہٕ دژاو گرُکن واپس۔ وَتہِ وُچھ اٚمۍ اَکھ ڈٔہِ رینگ رَسہٕ رَسہٕ ہَوہس منٛز ہیٚوٗرِکن کھسان۔ سُہ گووٕنکھہٕ پہن تہٕ وُچھن زِ یہِ اُس اٚکِس جوٗگی ہٕنٛدِ اٚگنہٕ کونٛڈٕ پیٹھہٕ ووتھان تہٕ یہِ جوٗگی اوس اَتھ نِشہِ کوٗٹھِمن پیٹھ بِہِتھ۔ احترامہٕ سان نمن کٔرِتھ بیوٗٹھ یہِتہِ اٚمِس لرِ۔ جوٗگی مُژٕ راوِ اٚچھ تہٕ پرٛژھُنَس ژٕ یے کیاہ چھی وَنُن۔ برہمن ووٗنُس پَنُن سوٗرُے مصیبت تہٕ سُہ کتھہٕ پأٹھی اوس اَمہِ دوہہٕ خاص پرٛارتھنا کرنہٕ خاطرٕ یہِ وومید ہِتھ پھیوٗ رمُت زِ دیوتا ہَن یہِ تَس پیٹھ دَیاتہٕ کرنس اَتھ روٗٹ۔

یہِ دوکھہٕ ہٕژٕ ڈٔلیل بوٗزِتھ ووٗنُس جوٗگی "نیر گژھ میانہِ کورِ نِش سوچھے ہوٚ کیاہ ہُتتھ بہِتھ۔ سو ما کری ژٕ یے مدد۔"

برہمنس باسیاو یہِ عجیب ہیٚوٗ تہِ گٔرِتھ تہٕ گووٕ سُہ اٚمِس کورِ نِش تہٕ ووٗنُس تی یہِ اٚمۍ اٚمۍ ہٕنٛدِس مأۍلِس ووٗنمُت اوس۔ کورِ گوو اٚمۍ ہٕنٛدی یِم حالات بوٗزِتھ سخت اَثرٕ تہٕ ہیٚوٗتُن سخت وَدُن۔ تٔمِس ووٗتھ رو خسارو کٔنۍ دور لہِ اوٗش تہٕ وُچھو۔ یِسے اوٗش پھیوٗر پٔتھرِس پیٹھ پیوٚ تَتھ بنیاو پرٛزلوٗن موٗلُل لال۔ تمہِ ووٗنُس "نیر نہٕ یِم۔ یِم چھِ چأنۍ"۔ اَمہِ پَتہٕ ترٛ ووتمہِ اَسُن۔ تہٕ وُچھو۔ تٔمۍ ہٕنٛدِ اَسہٕ منٛزٕ ہرے سونہٕ ہٕنٛدی عالی شان پوٚش۔ "نہِ یِم" تمہِ ووٗنُس دُبارٕ "یِم چھِ چأنۍ" پَتہٕ وٗژھ سو تھوٚ دِتہٕ وارٕ وارٕ پٔنٛچ کیٚنٛہہ قدم تہٕ وُچھو یِیتی تٔمۍ ہٕنٛدِ کھوٗرُک نِشانہٕ پیوٚ تَتھ بنیاوِتھ سون۔ تمہِ ووٗنُس "سوٚمبرِیہِ سون۔ یہِ چھُ چونُے۔ ووٗنۍ چھی ژٕ یے یہِ وارِیَہن دوہَن ہٕنٛدِ خاطرٕ پانس تہٕ پَنٕہ نِس عیالس

کھیاونہٕ چاونہٕ خاطرٕ سبٹھا۔ نیر گرٛھ وۄنی " برہمن گوو خوش تہٕ خوشحال پأٹھۍ گرٕ۔ دیوتا ہوأ س تٔس مہربأنی کرٕ مٕژ۔ أخرتہٕ أس تٔمۍ سٕنٛز پرٛارتھنا قبوٗل سپٕز مٕژ۔ تٔمۍ وۄن پننہٕ آشنہٕ ۔ "وُچھ۔ دیوتاہن آوأسہٕ پیٚٹھ عار۔ مےٚ کرواریٚہن گأنٹن پوٗزا تہٕ پرٛارتھنا تہٕ پتہٕ اوٚسس گرٕ گن پکان تہٕ اتہٕ وُچھم اکھ جوٗگی پننہٕ نِس أگنہٕ کونٛڈس برٛ وٚنہہ گنہٕ بِہتھ ۔ مےٚ مہٕ وَن امہٕ اپورٕ کھنی " تمہٕ ژٕ ئس گتھ " ژٕ چھکھ نہٕ یہٕ پوٗ زونان ۔ ژےٚ چھےٚ یہٕ دولت ، ژۄ رٕأنی مٕژ ۔ مےٚ بیٚہہ نہٕ توٚت تانی چون کھنی یوٚت تانی نہٕ ژٕ بادشاہَس نِشہٕ گرٛھکھ تہٕ تٔمس ژٕ سورٕ ےوَنکھ ۔ ہرگا بادشاہ چانہٕ کتھوٕ ستۍ مطمئن سپد تیٚلہٕ مانےٚ یہٕ تہٕ ۔ "

یٚیلہٕ برہمنن یہٕ زون زِ یہٕ چھےٚ پننہٕ گتھہٕ پیٚٹھ اکرٛاٚ گتھ تٔمۍ تلۍ یم لال تہٕ سون تہٕ گوو بادشاہَس نِش تہٕ وۄنُن تٔس زِ مےٚ کتھہٕ کنۍ کرۍ یم حأصل ۔ بادشاہ سپد یہٕ بوٗزِتھ حأران ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ کر أمۍ برہمنس پرٛھ تہٕ دِژن أمِس کینٛہہ روپیہٕ ٹھیلہٕ بخشأیش ۔

یٚیلہٕ برہمن سٕنٛز زنانہٕ بادشاہ سٕنٛز یہٕ بخشأیش تہٕ وُچھ تمہٕ تہٕ مون تہٕ امہٕ پتہٕ کوٚرُن نہٕ سو دولت ورتاوس منٛز انِس ہراسہٕ یوسہٕ أمۍ سٕنٛدی خانہٕ دارَن تتھہٕ کنۍ عجیبےٚ پأٹھۍ تہٕ وتَس پیٚٹھ حأصل أس کرٕ مٕژ ۔

امہٕ مُلاقاتہٕ پتہٕ کیٚہ کألی سوٚ زبادشاہَن برہمنس نادتہٕ پرٛژھنس بیٚیہٕ ہنا جوٗگ سٕنٛزِ کورِ متعلق تہٕ برہمن سٕنٛزِ زیوِ تٔمس متعلق بوٗزِتھ سپد سہٕ سبٹھا مُتأثر تہٕ وۄنُن أمِس زِژٕ گرٛھ أمِس کورِ ہنٛدِس مألِس نِش تہٕ منگس میانہٕ خأطرٕ أمِس کورِ ہنٛد رِشتہٕ ۔ تٔمۍ سوٗنچ

''یِژھ زنانہٕ آسنہٕ ،کنٛ کوتاہ فائِد ولتہٕ مےٚ تہٕ میانہٕ سلطنٔژ تتھ ہکونہٕ اندازٕ ے کٔرتھ۔''

برہمنَن دِیُتس جواب ''بادشاہ صاب۔ یِنہٕ ناراضی گژھیوم ہٕ وَنہٕ ہا گتھ۔ وۄنی زَن سَپُد جۄگی مےٚ ناراض تہٕ مےٚ ناسہٕ تڑاسہٕ وۄنُن؟''

بادشاہَن وۄنُس ''تہٕ چھُنہٕ مےٚ پتاہ۔ ژےٚ چھی کانٛہہ تیٚتھ تدبیر کرُن زِیہِ کۄرگژھِہ مےٚ آشنٔ ئنٔ۔'' اَتہٕ سپز بیٚیہ تہٕ کینٛہہ گتھ باتھ تہٕ پَتہٕ دژ اوبرٛہمن۔

سُہ اوس بڈٕ پریشان۔ یوسہٕ دولت اُمس کیہ تانی اَتھس منٛز آیےٚ یہ سوٗ اُس اُمی ہِند بو اَتھو منٛز تیٚتھےٚ ،کنٛ ڈلی ڈلی واپس نیرٕ نی ہوان یتھہٕ کنٛ یہ آمٕژ اُس۔ سُہ کیاہ کرِ ہے وۄنی؟ گژھَن تہٕ اوسُس مگر سُہ ،کتھہٕ کنٛ کرِ ہے یہِ گتھ تَس اوسنہٕ فکری ترٛان۔ دۄیمہِ دۄہہٕ صُبحس دژ اوسُہ تہٕ تَھرِ تَھرِ لدووت جۄگس نِشہِ یُس وَنہٕ تہٕ تِتھی جایہِ بیٚتھ اوس یِیتھ سُہ اُمی گوڈٕ تہٕ وُچھمُت اوس۔

''مےٚ پیٚٹھ کٔرِو دَیا'' اُمی دِژ کربکھ ''تہٕ میانٛی گتھ یٔزتو۔'' بادشاہ چھُ تمنزٕ کورِ ہُنٛد رشتہٕ منگان تہٕ توٚت تانی روزِ سُہ بےقرار یوٚت تانی نہٕ سُہ اَتھ رشتس متعلق چون اقرار بوزِ۔''

جۄگی وۄنُس ''نہٕ گژھ پریشان۔ نیرتہٕ گژھ وَن بادشاہس زِ چون درخاس چھُ اَسہِ قبوٗل تہٕ وَنُس فلانٛی تارٔخس پیٚٹھ واُتی زِ ساگری ہیتھ کھاندرٕ خاطرٕ تہٕ یم لوٗکھ تَس سِتی آسَن تِم گژھَن ساری سَتہٕ وَہرِ ہیوٚر آسنٕ ۔ نیر گژھ۔ مہ کھوٗش۔ مےٚ دِژےٚ ژےٚ زبو۔''

سبٹھاہ خوش گژھتھ گوو برہمن وُژھِ وُژھے بادشاہس نِش تہٕ وۄنُن تمس

پَتنہٕ اور گرٛہھتھ کامیٲبیہٕ ہُنٛد۔ مُقرر کرنہٕ آمُت تأریخ ووت۔ بادشاہ آو پَنٕنۍ نوکر چاکر ہتھ جۆگ سُنٛد تہٕ اُمِس آو دُمہٕ دامہٕ سان استقبال کرنہٕ۔ کینٛہہ کاٗلی آو وقتس پیٹھ رسم پالنہٕ۔ پٕژہتھ کانٛہہ چیز سَپد رٕتی پأٹھی تہٕ پٕژہتھ کانٛہہ گو وسبٹھا خوش تہٕ پَتہٕ دژاو اَتہٕ بادشاہ۔

واپس یِوٗن لٔج مہرنہٕ سخت ترٛیش تہٕ تَمہٕ منٛج ترٛیش مگر یوسہٕ زنانہٕ اُمِس ستہٕ اُس تَمہٕ کوٗر گٔشر ے۔

مہرنہٕ وۄنُس "ژٕ کیاز چھکھ کنہٕ ڈول دِوان؟"

زنانہٕ وۄنُس درجواب "بہٕ ہکہٕ نہٕ چون یہٕ حُکم مأنِتھ تِکیاز اَتھ دٔریاوس منٛز چھُ اَکھ سَرُ یھ روزان یُس نہٕ کأنٛسہٕ اَکِس توٚت تانی ترٛیش چَنِس اجازت چھُ دِوان یوٚت تانی نہ سُہ اُمِس ترٛیشہٕ کِلس بدلہٕ آدِ مۍ اَچھ جۆر دِیہٕ۔"

مہرنہٕ وۄنُس "اِدٕی اُسی تَن۔ توتہٕ کیاہ گو و۔ گرٛ ھان شرٛ اکہٕ پٕچ تہٕ نہٕ میانہٕ اَچھ کوٗ رِتھ تہٕ اَن مے ترٛیش۔" یہٕ ظأ لمانہٕ کأم سَپز تہٕ ترٛیش آیہٕ اَننہٕ۔ کورِ چیٚیہٕ یہٕ ترٛیش ہَن تہٕ ژٕ جس ژٕ ڈ۔"

وۄنی یوسہٕ یہٕ زنانہٕ اُس یسٕنز کأم مہرنہٕ وُچھن واشُن اوس سو اُس بَڈ کمینہٕ خصلژ ہنز۔ تَمہٕ تُل اَمہٕ وَقتہٕ اَنہٕ گٹیک فأیدٕ۔ تِکیاز یَیمہٕ ساعتہٕ یہٕ جماعت نصفس پیٹھ ہیۆ اُس وأ ژمٕژ تَمہٕ ساعتہٕ اُس راتھ۔ اَمہٕ بدٕ اٗ وِ پَتنہٕ مالکنہٕ ہِنٛدی پلو پَتنہٕ کو رِہنٛد بن پلون ستی۔ یَمہٕ دوشوٚ ے کورِ آسہٕ اکہٕ پَلہٕ اکے وأ ٹسہٕ ہنٛز۔ اَمہٕ پَتہٕ ژٕ اَمہٕ جۆگ سنٛز کوٗر اَکِس صندوقس تہٕ ترٛ ووٗن سُہ دٔریاوس تہٕ اَمہٕ پَتہٕ تھاوِن پَنٕنۍ کوٗر ڈولہٕ منٛز۔

أمِس کمینہٕ ہنز کۆرواُژ محل خانس منز تہٕ ژھُمس بأگی ییٚلہِ گاش آو تہٕ بے تاب بادشاہ آو أمِس نِشہِ تہٕ وۄننس "وَد، اَس تہٕ پگھ" یتھ زَن أمِس کینٛہہ لال تہٕ سون میلہِ ہے۔ مگر کۆرگیہِ صرف ہیُولا تہٕ وۄننس نہٕ کینٛہہ۔ ییٚلہِ بادشاہَن یہِ وُچھ تہٕ أمی بُلاونوو برہمن تہٕ کھوٗلُن تَس اَپُز ونُنگ تہٕ دھوکہِ دِنُک راہ۔ براہمنَن بأوِ پننہٕ معصومیت تہٕ بادشاہَس کۆرن درخاس زِ ژۆر ار۔ أمی وۄن بادشاہَس "بنان چھُ یہِ کۆرما آسہِ اچانک ماحول بدلنہٕ کِنہ اُورِکہ نہٕ یوٗرِکہ وُنہِ۔"

جۆگی ہنز کۆرروٗز دٕریاوَس منز صندوقس منز پران تہٕ دۄیمہِ دوہہٕ لٕب سو: أکی دۄبۍ تُمی ییٚلہِ وُچھ زِ یہِ چھےٚ أنی تمی نیہِ سوگرٕ۔ أمِس دِتُن کھیٚن تہٕ پلو تہٕ ویٚژن سو برابر پننی کۆر۔ دۄیمہِ دوہہٕ ییٚلہِ تَمہِ دۄبۍ ہنٛدِس لوکٹِس باغس منز پکُن ہیوٚت تہٕ ننیاو زِ أمی ہنٛد بن کھورن ہنٛدی نشانہٕ أسی برابر سونکی نِشانہٕ۔ تُمی تانی وۄن أمِس أتھ متعلق تہٕ تَمہِ وۄن جواب "مےٚ چھُ پتاہ۔ یہِ سۆمبرأوِ تہٕ دِیِو دۄبِس" بییہِ دوہہٕ آو أمِس کتھ تانی پیٹھ اُسن تہٕ أمِس ہَرے أسہٕ منزٕ سونہٕ ہنٛدی پوٗش۔ یتہِ آو أمِس وَننہٕ تہٕ تَمہِ وۄن درجواب "مےٚ چھُ پتاہ۔ یم نیو بادشاہ ہنٛزِ آشنہِ۔ شاید گرٛھِ سو یم وُچھتھ خوش تہٕ یِژھِ یم مُلی ہینٛز۔ ہرگا تہِ سپُد تہٕ تیٚلہِ وٕنی نیوٗس زِ یمَن ہُنٛد قمت چھُ انسان أچھَن ہنٛز جۆرِی۔"

دۄب گو محل خانہٕ سونہٕ ہنٛدی پوٗش ہیتھ تہٕ ہأون یم بادشاہ ہنٛز آشنہِ۔ تُمی ہنٛز موج (مُلکہِ ہنٛز داے) أس اَمہِ ساعتہٕ أتی ییٚلہِ یہِ ووت۔ یہِ زَن اندازے اوس زِ نوجوان ملکہ سپز یم پوٗش وُچھتھ بڈٕ متأثر تہٕ پرٛژھُن دۄبِس زِ ژےٚ کوتاہ گرٛھی یمَن

میلُن۔ أمی وۆنُس ''زِ آدِمی أچھ۔''

زِ آدِمی أچھ۔ ملکہِ دوہروأمی سند وَنُن ''تہِ کتھہِ پأٹھی ہیکیہ بہ دِتھ؟ ژِ وَن مےٚ کینٛہہ رقم یا کانٛہہ خاص خلعت دِیُن تہِ ژےٚ میلی سہ۔ مگر بہٕ کٔتہِ انہِ چانہِ خأطرِ زِ آدِمی أچھ؟''

دایہ وۆنُس ''بہٕ کرِ تمہِ چانہِ باپتھ حأصِل'' سو وُژھ تہِ گیہِ أتھی لرِ بیٚنس کمرس منٛز تہِ اورِ آیہِ لوگٹ ڈبہِ ہناہتھ یتھ منٛز جوٗگی ہنٛزِ کورِ ہنٛزِ أچھ زِ آسہِ۔ دۆنۍ رچھہِ یم، مٔلِکانہِ دِتِن یم سونہٕ ہنٛدی پوش تہِ دژاو۔ ییٚلہِ دۆنۍ جوٗگی ہنٛزِ کورِ یمہِ أچھ دِژ تمہِ وۆنُنس ''بہٕ کرِ شاہ خوش گٔیس زِ ژِ سپدُکھ کامیاب یمہِ چھےٚ میانےٚ أچھ۔ ٹُلکھ تہِ تھاوُکھ یمہِ پننہِ نٔین کھوجن منٛز تہِ پیٹھہِ لاگکھ یہِ أچھ دأدی مَرہم۔ دۆنۍ کوٗر ری تہِ کورِ آو برابر تتھےٚ پأٹھی واپس گاش یتھ تمِس گوڈٕ اوس۔

ییٚلہِ بادشاہ تمہِ دوہہِ شامَس پننہِ آشنہِ سمکھنہِ آو تہِ أمہِ کمینہِ دایہ ہاوِس یمہِ سونہٕ ہنٛدی پوش تہِ دِیتِنس یہِ باس زِ یم کرِ مٔلِکانہِ بوٗد۔ أتھ پیٹھ سپُد بادشاہ سیٹھا خوش تہِ پننہِ آشنہِ تہِ أمی ہنٛزِ دایہ دِتِن اتھہِ وۆتھ ترأ اُتھ تحفہِ۔ تمۍ سوٗنچ ''وۆنۍ آسہِ بہٕ جلدے پوٗرِ دُنیاہس منٛز سارِوے کھۆتہِ امیر بادشاہ۔''

کینٛہہ ہفتہِ گُزریاے۔ أمہِ پَتہِ کوٗر رنہِ مٔلِکانہِ کینٛہہ تہِ بوٗدمگر جوٗگی ہنٛزِ کوٗر أس دوہے کینٛہہ لال تہِ سونہٕ ہنٛدی پوش تہِ سون تمہِ حسابہِ پأدِ کران یتھ سو وَدِ ہے، اَسہِ ہے یا پکہِ ہے۔ یتھہِ کٔنۍ بنیاو دۆب جلدے سیٹھا امیر۔ پرٛتھ لنٛدِ پھألیہِ أمی ہنٛزِ بےٚ شمار دولتُک ہنٛزِ تہِ تمہِ ہنٛزی طریقہِ چہ الگ الگ خبرِ یِمو کٔنۍ أمی یہِ دولت حأصل

کُر بادشاہس تہٕ لوٗگ امیک پَے تہٕ یہِ شخص بلا وِتھ پُژھن اُمِس زِژنے کمہِ تدبیر کُرِتھ یِیتِس کم وقتس منز ییژ زیادٕ دولت حاصِل۔ دوٗب اوس سبٹھا کھوٗژمت تہٕ تمی وۄن بادشاہس سأری پزر۔ کُر وۄن "عالی جاہ، جوٗگی ہٕنزٕ کورِ یوسہٕ ژکہِ چأنی اصلی آشنٕ چھےٚ لتس دِیٚت تمہِ زنانہِ بڈٕ ظألمانہٕ طریقہٕ دھوکہٕ۔ یوسہٕ تمِس کورِ وُچھان واشان چھےٚ یوسہٕ وُنی کمِن ملکہ ہٕنزٕ جایہِ چھےٚ۔ کھاندرٕ پتہٕ واپس یِوان کُر امہِ زنانہِ جوٗگی ہٕنزٕ کوٗر ناجأیزٕ طریقہٕ ییتھ گتھہِ پیٹھ آمادٕ زِ سو کڈِ پنہِ اُچھ پتہٕ ییلہِ سوأنی سپزٕ تہٕ تَس پتھے اوسنہٕ زِ کیاہ چھُ سپدان امہِ کوٗ ڈلتس سورُے پکو پوشاک تہٕ لوگُن پنہِ کورِ یوسہٕ وُنی کمِس ملکہ بٕنتھ چھےٚ۔ پتہٕ لاٚ گُر امہِ جوٗگی ہٕنزِ کورِ پنہِ کورِ ہٕندی پکو تہٕ اَکس بڈِس صندوقس منز بَرِتھ ژھٕنِن سو دریاوس پٮ۔ اُمی ہٕنزٕ کوٗر ہیتھ وأژ ڈوٗلی محل خانس منز تہٕ جوٗگی ہٕنزٕ کوٗر ہیتھ صندوق وووت میوٗن گرٕ۔ مےٚ لوٗگ نہٕ وارٕ یہہ بزوٗنہہ جوٗگی ہٕنزِ کورِ ہٕند بن صفتن ہُند پتاہ۔ ییمہِ وِزِ تمہِ وۄ دیااوٗس یا ییمہِ وِزِ سو پیٚچ تمیک نتیجہ اوس لالن یا سونہٕ ہٕند بن پوشن یا سوٗنکی انبر۔ اکہِ پھِرِ اُنی مےٚ تہٕندِس ونس پیٹھ سونہٕ ہٕندی کینٛہہ پوش ملکہ خأطرٕ تہٕ یِمَن موٗنگمس زٕ انسان اُچھ قمت۔ تمہِ وِزِ اُس ملکہ ہٕنز موج یعنے یہِ مال ذات زنانہٕ تُرٕ۔ اَمہِ دِژمےٚ سو اُچھ جوٗرِ یوسہٕ ملکہ ہٕنز اُس۔ مےٚ رَچہٕ تمہِ تہٕ دژاس۔ گرٕ واپس وأتِتھ دِژمےٚ ییمہِ اُمِس کورِ یمہِ امہِ تمی ساعتہٕ پنہٕ نِن کھوجبن منز تراوِ تہٕ پتہٕ اُچھن ہُند مرہم رَژھالاٚ۔ گتھ ہیوٚک اَمہِ برابر پتٕمی پأ اُٹھی وُچھتھ۔

بادشاہَن وۄن "گرٕ ھوتہٕ اُنیوٗن جوٗگی ہٕنزٕ کوٗر۔ مےٚ ہٕتی چھُ دھوکہٕ کرنہٕ آمُت۔"

اَمی ساعتہٕ آو دۄب جۆگی سۭنز کۆر ہیتھ۔ بادشاہَن وۄن تَس مےٚ وَن ژٕ ساأرِے ڈٲلیل تہٕ أمی ییٚلہِ بلکُل تٔمے گَتھہٕ دُبارٕ بوزٕ یمہٕ دۄب وَنہِ مٕژ آسہٕ تہٕ سپُد مطمئَن۔ أمی دِیُت اَمی وزِ حُکم زِ یہِ کمینہٕ زنانہٕ تہٕ أمی سۭنز بیوقوف کۆر گژھِ قتل یٔنز کرنہٕ مگر دۄب بنہٕ تہٕ برہمن واتناوِن تھٔدِس عزتہٕ کِس مقامَس۔ اَمہِ پَتہٕ رۆز جۆگی سۭنز کۆر أمِس سۭتی تہٕ سُہ رۆد أمیر کھوتہٕ امیر بنان یۄت تانی تٔمِس تیژ دولت اُس زِ تٔمی ترأوپَتہٕ یہِ گٔنز راوِنی۔

(راوی: مکند بابو۔ سوٗتھ سرینگر)



# گُلالہٕ شاہ

أکِس مُلکس منز اوس اَکھ شِکأرۍ روزان یُس شِکار کرنس منز سیٹھا کامیاب آسنہٕ کنِ ناماوار اوس۔ دیان سُہ اوس پزٕ بتھ دوہہٕ وارِیہن جاناوارن والہٕ وأش لاگان یا ٹاس دِتھ رٹان۔ یموٗ منزٕ اوس سُہ کینہہ پانس خأطرٕ رٹان تہٕ باقٕین اوس سُہ کِنان۔ وۄں گوو فضول خرچ آسنہٕ کنِ بنیاونہٕ سُہ امیر بلکہِ رۄدزیادٕ زیادٕ غریب گژھان۔ یۄت ژُٗھ ژُٗھ تہِ یۄت زیادٕ اُکی زیٔون تمہِ کھوتہٕ ڈٕلی ڈٕلی تہٕ ژوٗرژوٗر رۄد سُہ خرچان۔ خأر کینژٕس کالس چلیاوتہٕ ٹھِکے تہٕ کینژٕن وُرِیَن رۄد کٕ معاملہٕ خوش پأٹھی پکان مگر وارٕ وارٕ ہیوٗتُن یہِ ظأہر سپدُن زِ جاناوار گے کم تہٕ تہٕ آکاش تہٕ بنے۔ یتھہٕ کنِ ہیژِن اُکی ہنزٕ کامیابی تہٕ ژھوٕکنہٕ۔ لہٰذا اوس وۄنی یہِ شِکأرۍ غمگین تہٕ پریشان باسان۔ سونچان اوس زِ یہِ کتھہٕ کنِ روزٕ وۄنی زِندٕ۔

یہٕلہِ وۄنی سُہ امے حالہٕ اوس تہٕ اُتھی منز بلأ وکٕ رازٕ ہونژٕن سأری جاناوار أکِس بڈِس اِجلاسس تہٕ یم کم کاسہٕ جاناوار شِکأرۍ سندِس مُلکس منز رۄدکۍ یتی اُکی تم تہٕ آے بلاونہٕ۔ یہِ اجلاس اوس بڈٕ بوٗڈے تہٕ سأری انتظام اُسی یتی شاندار زِ بیانہٕ

ہکَن نہٕ سپدتھ۔ اَتھ اجلاسَس منز سَپُد واریاہ کیٖنہہ تہٕ پز بتھ کاتھ جاناواراوس تھ متعلق رُت ونان یہِ کینژہا کٲم اَتہٕ وُچھ یابوٗز۔ اٰخرس وۄت یہِ اجلاس اند تہٕ جاناوار وژاے پَنہٕ نِس پَنہٕ نِس مُلکس مگر سولو کٹ چھو کھ یوسہٕ شِکٲری ہنٛدِ مُلکہٕ پیٹھہٕ آمژ اُس سو اٰسنہٕ واپس گوٗھنہٕ خاطرٕ تیار۔ یہِ وُچھتھ پزٛ ژھ راز ہونژن یمَن اُمیکہ وجہ۔

جاناوارو وۄنُس ''اے رازٕ۔ سأنِس ملکس منز چھُ اَکھ شِکٲری روزان ییٚمۍ سُند نِشانہٕ سیوٚد موتک نشانہٕ چھُ تہٕ ییٚمۍ ہنژ والہِ وأش فِکرِ تہٕ چھنہٕ تران۔ سأنۍ تقریبَن ساأرے جاناوار برادری مأر اٰمۍ۔ بژۄنہہ اٰسۍ اٰسۍ سبٹھا زیادٕ تہٕ واریاہ طاقتور مگر وۄنۍ وُچھو زِ اٰسۍ چھِ سبٹھا کم تہٕ کمزور۔ اٰسۍ چھِی ژٕے درخاس کران زِ اَسہِ پیٹھ کر رَحم تہٕ اَسہِ بچاوتہٕ اُمس ظاٗلم اِنسانَس نِشہٕ۔

رازٕ ہونزن بیٚلہِ یہنٛدِ یم مصیبت بوٗزِ تَس سَپُد سبٹھا دوکھ تہٕ یمَن پریشٲنی کاسنہٕ خاطرٕ کوٚرُن سنٛز۔ اُمس اٰسۍ زِ بڈۍ وزیر اَکھ راتہٕ موغُل تہٕ بیا کھ طوطہٕ یم اُمس بڈٕ ٹاٹھۍ اٰسۍ تہٕ یہنٛدِ مشورٕ یہِ ہمیشہِ مانان اوس۔ لہذا ابلاٗ وِ اٰمۍ یم پانس نِشہٕ تہٕ گوڈٕ وۄنُن راتہٕ موغلس کُن:

''اے راتہٕ موغلہٕ۔ بہٕ چھُس تمام جاناوارن ہُنٛد حکمران تہٕ توٚہۍ چھو میأنۍ وزیر۔ میأنہِ رعایا ہُنٛد اَکھ حِصہٕ چھُ اَکس شکٲری ہنٛدِ کِنۍ بڈ مصیبتَس منز ییٚمۍ ہنٛدِ بن ژھلَن تہٕ والہِ وأشن مقابلہٕ کرنک یمَن طاقت چھنہٕ تہٕ اَمہِ باوجوٗد تہٕ چھنہٕ پنُن مُلک ترٲوِتھ یژھان گوٗھُن۔ ژٕے چھی میأنین یمَن رعایاہَن ہنٛدِ بچاوُک انتظام کرُن۔''

راتہٕ موغُل گووحاران ییٚلہِ أکہ یہِ مُشکل (کامہِ ہُنٛد) حُکم بوٗزِتھ گر طوطہٕ سُند گاٹہٕ جارتہٕ ژۆر عٲلم ژتبس پیٚتھ دِیُتن جواب:

''راز۔ چون یہِ حُکم ہیکہِ نہٕ میانہِ دوہَس أتھِ نہ یِنہٕ۔ کُنہِ میانہِ ذٕسی عملاونہٕ یِتھ وۆل گووہر گاتُہنٛد اجازت آسہِ طوطہٕ ہیکہِ یہِ کام پوٗرٕ کٔرِتھ۔''

پَتہٕ پھیوٚر رٲزٕ ہونٛز طوطَس کُن تہٕ تِمس دِتُن حُکم زِ یہِ کینٛہ ھامےٚ وُنی راتہٕ موغلس حُکم دِیُت سُہ گرِ ژٕ پوٗرٕ۔ طوطَن موں امی ساعتہٕ تہٕ فرمانبرداری ہُنٛد اظہار کٔرِتھ درٛاواتہٕ۔ سُہ گوو یِمَن ناراض پکھشن نِشہِ تہٕ وۆتھ تو ہی کٔرِ وصبر تہٕ پننہِ مشورٕ کٔری زبونہٕ۔ کہِنی صرف بوٗزی زبو میوٗنےٚ وَنُن تہٕ۔ یَتھ پیٹھ تھٲوِ وپَژھ زِ بھگوان کرِ تو ہہِ حلِ مشکل۔ سارِوے جاناوارو کوٚر رُس کُنے کتھ اقرار۔

ییٚلہِ شکٲری وُچھ زِ مُلکس منٛز اوسنہٕ أکھ جاناوارتہٕ رٕوٗ دُمت تَس گووتیٚوٗت افسوٗس یوٗت نہٕ زانہہ اوسُس گوٚمُت۔ تَس رٕوٗ زنہٕ وۆنی کانٛہہ اُمید باقٕے۔ سُہ کیاہ کھیاوِ ہے زنانہِ تہٕ عیالَس تِمَس اوسنہٕ فِکری تران تِکیازِ تِمی اُس نہٕ زنہے بیٚیہِ کانٛہہ کاما ہیچھمِژ تہٕ نہ اوسُس کانٛہہ خاص دوستا۔ سُہ ییٚلہِ شامس واپس گرِ اوس یِوان تہٕ شُری اُسس أندی أندی سُمتھ یوان تہٕ پرٛژھان زِ ژےٚ کیاہ شکارا کوٚر تھ از تِکیازِ اُسی چھِ بوچھِ ہتٕی تہٕ ییٚلہِ یہِ یورٕ اوسُکھ ونان زِ از لوٗگ نہٕ مےٚ۔ کہِنی تہٕ تِم اُسی اکہِ اکہِ واپس نیران تہٕ یہِ اوس أکھ سبٹھا دوکھہٕ ہوٚت نظارٕ۔

یہِ معاملہٕ رٕوٗ دتھے کُنہِ چلان یوٚت تانی جاناوار اجلاسہٕ پَتہٕ واپس آےٚ تہٕ شِکٲری ییٚلہِ پَنہٕ نِس اُرِکس شُرس نِشہٕ بوٗز زِ جاناواہ چھِ بیٚیہِ تُیٚ گٔمتی تہٕ تِم کُرتل پٔنُن زال تہٕ

تیر کمان تہٕ دڑاو یمن رٹنچ کوٗشش کرنہٕ۔ تِمو وہرو وتۍ شہِ جایہِ زال ییٚتہٕ جاناوارن ہُند یُن سارِوے کھوتہٕ زیادٕ ممکن اوس۔ سُہ اوس تیوٗت خشمہٕ ہوٚت تہٕ پوٗر اِرادٕ ہیتھ باسان زِ جاناوار کھوٗژری ہتمہِ کھوتہٕ تہٕ زیادٕ تہٕ گۓ طوطس نِش تہٕ وۄنکھ اُمس "فلانٕ جایہِ چھُ شکاری زال ترٛ وومُت۔ اَسہِ وَنتہٕ اُسی کتھہٕ کٔنۍ بچو تِکیازِ اَسہِ چھُ پتاہ زِ ہرگانہٕ اُسی اُمس والہٕ واشہِ لگی تیلہِ مارِیہ اَسہِ تیر لاۓتھ۔"

طوطن دِیُت یمن اجازت زِ توٚہی روٗ زِ مختلف جاین کھٔژتھ تہٕ یمن کوٚرن وعدٕ زِ یہ کرِ تُہنٛز مُستقل حفاظتُہ ہُند بندوبست۔ لہٰذا ژٔلی تم ساری وُڈان وُڈان تہٕ گۓ جلدِ بے نظرو دوٗر۔ پتہٕ گوو طوطہٕ تہٕ پوٚک سیوٚدُے شکاری ہِندِس زالس کُن تہٕ گوو بند۔ مگر اَمہِ پتہٕ آو نہٕ ییٚہ کانٛہہ جاناوار رَٹنہٕ تہٕ شِکاری اوس مایوٗسی کٔنۍ تقریبن دیوانہٕ گوٚمُت۔ گرِ وأتتھ آے دوہدِ شِکی پأٹھی۔ تِسنٛدی بأژ دوان دوان تِمس نِش تہٕ پرٛژھہس زِ کیاہ سپُد ژٔے قسمتہٕ کٔنۍ حاصِل "کہنی نہٕ صرف لوٚگم یہِ طوطہٕ والہٕ واشہِ" تِمو دِتھ جواب "یہِ چھُ تُہنٛد بے بدقسمت۔"

یِی ونان کوٚڈ اُمی پننہِ دَجہِ منٛز یہ جاناوار تہٕ اوسُس زنتہٕ یہ کھبنہٕ خأطرٕ مارُن۔ مگر طوطس گوو اندازٕ زِ اُمس کیاہ چھُ اِرادٕ تہٕ وۄنُنس "ژٕ کیازِ مارکھ مے؟ ژٔے چھی ناپتاہ زِ میوٗن ماز چھنہٕ کھنبس قابل تہٕ وۄنی ہرگاہ ژٕ کھبکھ تہٕ مے ژٔے کوسہٕ بوچھِ ژٔلی میانہٕ سٕتۍ یہِ نے چانٛی اَکھ ژوٗنپ تہٕ چھُس نہٕ۔ چانہٕ خأطرٕ چھنا اَمہِ کھوتہٕ یہ بہتر زِ ژٕ کٔنکھ مے کانٛسہِ بازرٕ تہٕ پتہٕ اَنگھ تتھ قیمتس یہ مے تیی کیزِن دوہَن ہِندِ خأطرٕ کھبنہٕ چِنکی چیز۔"

شِکأرؠ کوٚرُس اَتھ گاٹہٕ جارچہٕ گتھہِ اقرار تہٕ اوٚ یکنٕ تھوٚوُن یہِ راتس أ یکس محفوٗظ جایہِ تہٕ اِرادٕ کوٚرُن زِ بہٕ ووتھہٕ صُبحس سُلی نٔندرِ تہٕ نیرٕ یہِ ہیتھ بازر۔

دوٚیمہِ دوہہٕ تِتھےٚ آفتاب کھوٚت تہٕ شِکأرؠ تہِ ووٚتھ تہٕ دژاو بازرٕ تہٕ چھُ لوٗگُن کُن ہگھ دِوان زِ ہے طوطہٕ چھُ مےٚ کُنُن۔ کُس ہیٚیہٕ؟ کُس ہیٚیہٕ؟'' کینٛہہ لُکھ رُکے تہِ أمِس جاناوارس وُچھنہٕ خأطرٕ۔ تِمَن گوٚو یہِ سارِنٕے خوش تہٕ کینٛہو ووٚپاو ہٮ۪مون تہِ مگر قیمت اَسِس کٔہہ دِوان۔ یٮ۪مہِ یکنٕ طوطن یمَن ستیٚ گوٚھنس انکار کوٚر۔ اَمہِ وٮ۪و ہارٕ یکنٕ کھوٚت شکأرِس شرارت۔ سُہ اوس ژٕہ دوہَس گرمہٕ تاوِ مژٕ اورٕ یورٕ پکان تہٕ اَمہِ یکنٕ اوس سبٹھا تھوٚکمُت تہٕ مایوٗس۔ یٮ۪لہِ سُہ گرٕ ووت تہٕ اَتہِ بییٚہٕ عیاژ سوے بو چھِ بو چھِ تہٕ تکلیف وُچھِن تَس کھوٚت تِیُتھ اشتعال یَتھ نہٕ کانٛہہ حَدٕے چھُ۔ أمؠ کوٚر قسم زِ بہٕ مارَن وُنؠ یہِ طوطہٕ أتؠ تھےٚ۔ بچورٕ پگھش۔ أمؠ سوٚنچ زِ أمؠ سٕنز زندگی وأژووٗنؠ پزٕ یکنٕ اند۔ تہِ گُرِتھ تہِ ووٚن أمؠ شِکأرِس زِ ژٕ کر تہٕ صبر تہٕ بییٚہٕ ووٚنس ''ژےٚ ترؠ پانَے فِکرِ زِ مےٚ ماچھُ ژیرٕ کرنس مژٕ کانٛہہ ذأتی غرض۔ یِتِس کم قیمتَس پیٹھ بہٕ کِنِنہٕ یِنٛس پیٹھ یہِ ژےٚ اَزلوٗکھ دِوان أسی میوٗن انکار گُرن أسنہٕ کانٛہہ جہالت۔ مہربأنی کٔرِتھ زان ژٕ یہِ گتھ زِ میوٗن زُو بچاونہٕ خأطرٕ چھُسنہٕ بہٕ چون ناشُکر گزار۔ ہرگاہ ژٕ پگہہ تانؠ پزٕ ار کھ تہٕ پَتہٕ مےٚ أ یکس رِتس پنجرس مژٕ بٔرِتھ پیٹھہٕ تَتھ خوش یوٗن گُرٕ وَلکھ تہٕ پَتہٕ مےٚ محل خانہٕ کِہ صحنہٕ یکنٕ اورٕ یورٕ پکناوَکھ ممکن چھُ کانٛسہِ بڈِس تہٕ امیرٕ شخصس پییٚہٕ پنجرس پیٹھ نظر تہٕ پزٕ ژھی اَتھ مژٕ کیاہ چھی۔ یِتہِ ہیکِہ بٔنِتھ زِ تِم ہاوَن مےٚ مژٕ جان دلچسپی تہٕ پزٕ ژھَن قیمت۔ ہرگاہ تِ سپدٕ تیٚلہِ کٔرؠ زِ مہربأنی زِ بییٚہٕ دِی زِ مےٚ یہِ طے کرنہٕ۔ بہٕ وَنگھ سیوٚدٕ یأ ٹھُکر

زِمےٚ چھُ سبٕٹھاتھوٚ درقم قیمت تہٕ پتہٕ وَنہٕ بہٕ پانٕے پٔژن قیمت۔"

شِکأرۍ کوٚر ربیٚہٕ طوطہٕ سٕندِس گاٹہٕ جارس اقرار تہٕ موٗنُن زِ بہٕ کر برابری۔ لہٰذا آودوٚیمہٕ دوہہٕ صُبحس اَکھ خوبصورت پنجرٕ تہٕ کپُر اَنہٕ تہٕ یہِ جاناوار آو اتھ اندر تھاونہٕ تہٕ نیوٚ یہِ شکأرۍ محل خانہٕ کِس حاطس منٛز۔

امہِ مُلکہٕ کِس بادشاہَس آسہٕ وریَہہ زنانہٕ مگر تمہٕ سارے آسہٕ اٗکِس ورأے ہانٛتھ۔ یمہٕ سٕندِ مرٕ اٗمس اَکھ کوٗرأس زاہرٕ۔ یہِ کورِہن ییٚلہٕ بُڈ بُڈگیہٕ تہٕ یہِ اٗس تیزٕ رٕژ تہٕ مأرۍ منٛز زِ بادشاہس اٗس یہِ سبٕٹھاہ ٹاٹھ۔ یہِ اوسنہٕ اٗمس ورأے رۄزِتھ ہبکان تہٕ اٗمۍ سٕنز اٗسنہٕ کانٛہہ ترٛژھ خأہش یوسہٕ نہٕ یہِ پننہٕ پوٗرٕ طاقتہٕ کِنۍ پوٗرٕ کرنٕچ کوٗشِش اوس کران۔ اَکہِ دوہہ اٗس اَمہِ یہِ خأہش باوٕمژ زِمےٚ گوژھ اَکھ تیٚتھ جاناوار اٗیس کتھہٕ آسہِ ہے کران تہٕ تتہٕ پتہٕ اوس بادشاہ بڈٕ ژٕر کرِتھ تتھس جاناوارس متعلق پرٕژھ گأر کران۔ لہٰذا اوس شِکأرۍ سُند لپأرۍ یِن سبٕٹھے مُنأسب موقعہٕ۔

ییٚلہٕ شِکأرۍ محل خانس برٕ وٕنٛٹھی کِنۍ اورٕ یور کران اوس تہٕ اٗتھی منٛز دژا اوپأرۍ بوٚڈ وزیر۔ شِکأرۍ کرٕ اٗمس سو دِلہٕ سلام تہٕ طوطن تہٕ کرٕ یہِ زٕ اٗنتھ سلام زِ کوسہٕ تانٛ بُڈ شخصیت چھےٚ نکھہٕ۔ ییٚلہٕ وزیرٕن پنجرٕ منٛز سلام بوٗزُنہٕ سپُد واریہہ حأران۔ تمۍ وٗن "یہِ کیٛاہ عجیب! یہِ ٹُلکھ ناپرٕ تھوٚ دتہٕ بہٕ وُچھہن یہِ جاناوارس یہِ عجیب چیز اچھُ کران۔"

شِکأرۍ کوٚر یلی تہٕ وزیرٕ گو طوطہٕ سٕنز دلنأیی کھوتہٕ زیادٕ اٗمۍ سٕنز خوٗبصورتی وُچھِتھ رٔٹِتھ ہیوٚتہٕ وٕنُنس بہٕ ہمن یہِ تتھہٕ قیمتس یہِ ژٕ وَنکھ یہِ زَن گوڈے طےاوس تہٕ

طوطنے وۄن فورن قیمت ''ارداہ ساس روپیہ''

''کیاہ! ارداہ ساس روپیہ؟'' حأران گژھتھ وۄن وزیرن۔

''آ۔ ارداہ ساس روپیہ'' طوطن دِیُت بیٚیہ جواب۔

وزیرن وۄنُس ''تیٚلہِ ہیکتھ نہٕ بہٕ ژٕ مٔلی ہیتھ مگر میۆن آغہٕ یعنے بادشاہ چھُ یژھان زِ مےٚ گۄژھ چأنی پأٹھی کتھہٕ کرن وول جانا وارا لہذا گوژھکھ ژٕ تٔسی نِشہِ واتناونہٕ یِن۔''

طوطن کوٚرُس اقرار تہٕ محل خانہٕ چِھ بڑ وٚنٹھی مہِ برنہٕ پیٹھ وأتتھ روٗٹ وزیرن پنجرٕ تہٕ ژاو یہِ ہیتھ اندر۔ (بادشاہَس کُن) بوٚن کُن نمِتھ تھوو أمی پنجرٕ یہٕ ونان بادشاہَس بڑ وٚنہہ کنہِ زِ مےٚ چھُ باسان زِ چھیکرس میۆل توہہِ تہٕ تیٚچ توہہِ یژ کالہٕ پیٹھہٕ خأہش أس۔ تہٕ تتھے پنجرٕ بادشاہَس بڑ وٚنٹھ کنہِ تھاونہٕ آو تہٕ جاناوارن کر پۆرٕ پأٹھی بوزن یِنہٕ وأجنی سلام۔ اَمہِ سٟتۍ سپُد بادشاہ حأران تہٕ سبٹھہٕے بے تأبی سان پرٕژھنس زِ ژےٚ کتہِ اوٚنتھَن یُتھ گاٹل تہٕ شاندار جاناوار'' یہِ چھُ بلکل نٔوے جاناوار یُس بہٕ وارِیہہ کالہٕ پیٹھہٕ ژھانڈان اوس سَن'' بیٚیہ وۄنُس ''تۆ کُٹھ یہ مےٚ۔ ژٕ وَن مےٚ ژےٚ کیاہ گژھی تہٕ بہٕ دِمےَ۔''

وزیرن وۄنُس ''بادشاہ سلامت۔ یہِ چھنہٕ میۆن۔ مےٚ سمکھ محل خانہٕ کِس صحنس منز اَکھ غریب شکأری أمِس پکناوان تہٕ یہ زأنتھ زِ توہہِ چھُ تتھِس جاناوار سُنٛد ضرورت تہٕ کرمےٚ گوڈٕ کوٚشش یہٕ ہیٚنٛچ مگر یہیلہِ مےٚ وُچھ زِ أمِس چھُ تیوٗت قیمت یُس نہٕ بہٕ دِتھ ہیکہٕ تہٕ توے وۄن مےٚ أمِس نفرس ژٕ یہِ یور۔ توٚہی دِیومےٚ اجازت بہٕ

اَنُن سُہ نفر یؤ ری۔''

بادشاہَن دِیُت حُکم زِ شِکأرِ انیُون اندر تہٕ یِیلہِ سُہ ووت تہٕ بادشاہَن وۄنُس زِ ژٕ کٔنِن ییہِ طوطہٕ۔ تٔمی وۄنُس ''وَن مےٚ اَمِس کیاہ چھُ قٕمت تہٕ ژےٚ میلی سُہ۔''

تھَرِ تھَرِ سان وۄنُس اَمی نفرن ''میانہِ آغہٕ۔ یُہ ہکیہٕ نہٕ جاناوار سُند قٕمت وَنِتھ۔ مےٚ چھُ یِتے پتاہ زِ ییہِ چھُ اَکِس بُڈِس رٔقمس مُلی ہینہٕ آمُت۔ بادشاہ صأب دی تَن حُکم تہٕ جاناوار وَنہِ پانے پَنُن قٕمت۔''

پَتہٕ پھیؤر بادشاہ طوطَس کُن تہٕ پرٛژھنس قٕمت تہٕ اَتھ درجواب وۄنُس طوطَن گوڈنِکی پأٹھی ''ارداہ ساس روپیہٕ''

سٮ۪ٹھے حأرانی سان وۄن بادشاہَن ''ارداہ ساس روپیہٕ۔ سُہ گوو زیادٕ۔ وارِیاہ زیادٕ ژٕ چھکھا مےٚ سِتی مخولہٕ کران۔''

تٔمی کٔر کوٗشِش زِ یُہ گٔرِ چُکاوُد کاو مگر طوطہٕ اوس پَنہٕ نِس قٕمتس پیٹھ تِتھے پأٹھی پوٗرٕ ڈٔٹِتھ تِتھہِ پأٹھی بادشاہ اَمِس (جاناوارس) مُلی ہینِس نسبت اوس۔

لہٰذا آے شِکأرِس ارداہ ساس روپیہٕ دِنہٕ تہٕ طوطہٕ آو پَنہٕ نِس خوٗ بصورت پنجرس منٛز بادشاہٕ سنٛز کُنہ تہٕ ٹاچھِ کورِ نِشہِ واتناونہٕ۔

شِکأرِ اوس ووٗنی امیر۔ تٔمِس اوس تالو ٹَنگ وۄتھمُت! ارداہ ساس روپیہٕ! سُہ تہٕ اکی دوہہٕ۔ سُہ آو سٮ۪ٹھے خوش پأٹھی گرٕ واپس تہٕ اَمی ہِشہ بوٗ گرِ کوٗ یِیلہِ ییہِ خوشخبر بوٗز زِ تٔموتہٕ کوٗر اَمِس سٮ۪ٹھا خوشی سان استقبال۔

کالُک بتہٕ کھیوٗکھ۔ یُتھ ہیؤ کھسن کھنبس اوس یِمَن وقتا گوٗمُت تہٕ اَمہِ پَتہٕ

لوگ یِمَو بڑ وٚنہہ کُن خاطرٕ منصوٗبن متعلق سَرٕن سوچُن شروٗع کرُن۔

شِکاُرکی پڑژھکھ "اُسی کیاہ کرو یِمَن ارداہَن ساسَن روپیَن۔ اُسی نیرو وٚونی یِیمہٕ مُلکہٕ منزٕ تہٕ گرٕ شھو گنہٕ جان تہٕ بہتر جایہ۔ بیٚیہ وُچھ اَسہٕ مصیبت تہٕ سختی یاُژ۔ کِنہٕ اُسی روز وٚیٚتی تہٕ لاگو یِمو روٚپیو ستی باپار کرُن۔ دولت تہٕ عزتَس منزٕ ہُر برسیدٕ تھ مَشَن اَسہٕ سارے پڑانہٕ سختیہ۔" شکاُرکی وٚوٗن زنانہٕ تہٕ شُر بن کُن۔ "وٚنو وٚونی کیاہ کرو۔"

یِم اُسی یہِ بحث کران زِ صحنس منزٕ وٚوتھ اچانک سخت شور تہٕ یِمَن سارنٕے آوازَن منزٕ دِژ کُمی تانی زیادَے زورٕ کربکھ تہٕ ہیوٚتُن شکاُرکی سُنٛد ناو۔ سپاہَن ہنزٕ اکھ چھو کھاُ اُس واُتتھ پیٚٹھ یِمَو یہِ وٚوٗن زِ یِم اُسی بادشاہَن شِکاُرس بلاُ وِتھ اَنہٕ خاطرٕ سوٗزی ہِتی۔ اُمس بچاُرِس گوو پھرٛ ٹھ۔ تٕمی دِژ کرٛ بکھ "یِم چھا میوٗن ناو ونان۔ میون ناو ہا۔ مےٚ سوٗزا بادشاہَن ناد؟ بادشاہ صاُبس کیاہ پو میوٗن یُوٗ تاہ ژھٕرٕکی ضرورت؟ شاید ما آسہٕ سُہ اَتھ سوداہَس پیٚٹھ پشتاوان تہٕ آسہٕ یژھان زِ تَس گوژھَن پننہٕ روپیہ واپس۔ نتہٕ ما آسہٕ طوطَن میاُنی واگوِبی کرٕ ہڑ۔ ہاے۔ وٚونی کیاہ بنہٕ؟ یہٕ کیاہ گرٕ وٚونی؟

مگر اُمی ہندی یِم ساُری شک سپدی غلط ثابت تِکیاُ زِ بادشاہَن اوس تَمہٕ کتھہٕ باتھہٕ ہِنٛدِس نتیجس منزٕ اُمس ناد سوٗزمُت یوسہٕ تٕمی اُمی ساعتہٕ طوطس ستی کرٕ ہڑ اُس تہٕ اُمی (طوطن) اوس تٕمِس پَنُن بُنیاُدی مقصد بوومُت۔ سُہ اوس یژھان اُمس یہِ حکم دِیُن زِ وٚونی چھی ژٕے سبٹھا پنٕسہٕ تہٕ وٚونی ژٕھن یہِ شکاُرکی آسنک ظاُلم کارتٕزٕ اُوتھ تہٕ کر کانٛہہ بدل کاربارا۔

شِکاُرکی کوٗرُس وٚلی وٚلی اقرار تہٕ وٚونُنس مےٚ تہٕ چھُ یِی اِرادٕ تہٕ یہٕ سوزٕ پَنُن

اَنِن سُہ نفر یوٗ رِ۔"

بادشاہَن دِیُت حُکم زِ شِکاٗرِ انیوٗن اندر تہٕ یِیلہِ سُہ ووت تہٕ بادشاہَن ووٗنُس زِ ژٕ کیٛن یہِ طوطہٕ۔ تِمۍ ووٗنُس "وَن مےٚ اٗمِس کیاہ چھُ قمت تہٕ ژٕ ےٚ میلی سُہ۔"

تھَر تھَرِ سان ووٗنُس اٗمۍ نفرن "میانہِ آغہٕ۔ بہٕ ہکہٕ نہٕ جاناوار سُند قمت وٗنِتھ۔ مےٚ چھُ پتے پتاہ زِ یہِ چھُ اٗکس بٔڈِس رٔمِس مٔلی ہیٚنہٕ آمُت۔ بادشاہ صاٗب دی تَن حُکم تہٕ جاناوارَن پانے پٔتِن قمت۔"

پَتہٕ پھیوٗر بادشاہ طوطَس کُن تہٕ پرٕژھنس قمت تہٕ اَتھ درجواب ووٗنُس طوطَن گوڈنکی پاٗٹھی "ارداہ ساس روپیہٕ"

سبٕھے حاٗرانی سان وٕژن بادشاہَن "ارداہ ساس روپیہٕ۔ سُہ گو وزیادٕ۔ وارِیہہ زیادٕ ژٕ چھکھا مےٚ ستی مخولہٕ کران۔"

تِمۍ کٔر کوٗشِش زِ بہٕ کرٕ چُکاوُ کاوِمگر طوطہٕ اوس پَنہٕ نِس قمتس پیٹھ تھِکے پاٗٹھی پوٗرٕ ڈٔٹِتھ تہٕ تھِ پاٗٹھی بادشاہ اٗمِس (جاناوارس) مٔلی ہنبس نسبت اوس۔

لہٰذا آے شِکاٗرِس ارداہ ساس روپیہٕ دِنہٕ تہٕ طوطہٕ آو پَنہٕ نِس خوٚبصورت پنجرس منز بادشاہ سٕنزِ کُنہ تہٕ ٹاچھِ کورِ نشہِ واتناونہٕ۔

شِکاٗرِ اوس ووٗنۍ امیر۔ تِمس اوس تالوٕ ٹنگ ووٗتھمُت! ارداہ ساس روپیہٕ! سُہ تہٕ اکی دوہہٕ۔ سُہ آو سبٕھے خوش پاٗٹھی گرٕ واپَس تہٕ اٗمۍ ہِند بو گرِ کٔو یِیلہِ یہِ خوشخبر بوٗز زِ تِموتہِ کوٗر اٗمِس سبٕھا خوشی سان استقبال۔

کالُک بَتہٕ کھیوٗکھ۔ یُتھ ہیوٗ کھیٚن کھینس اوس یِمَن وقتا گوٗمُت تہٕ امہِ پَتہٕ

لوگ یِمَو بڑ وۄنہہ کُن خاطرٕ منصوٗبن متعلق سُرُن سوچُن شروٗع کرُن۔

شِکاری پرٕ ژھکھ "اُسی کیاہ کرو یِمَن ارداہَن ساسَن روپین۔ اُسی نیرو وۄنی یِمہِ مُلکہٕ منٛز تہٕ گرٕشھو کُنہِ جان تہٕ بہتر جایہِ۔ بیٚیہِ وُچھ اَسہِ مصیبت تہٕ سختیی یاٗژ۔ کُنہِ اُسی روز وٕیتِی تہٕ لاگو یِمَو روپیو ستی باپار کرُن۔ دولت تہٕ عزتَس منٛز ہُر بر سپدِتھ مَشَن اَسہِ سارے پرٛانہِ سختیہِ۔" شِکاری وۄن زنانہِ تہٕ شُر بن گُن۔ "وُنو وۄنی کیاہ کرو۔"

یِم اُسی یِہ بحث کران زِ صحنَس منٛز وۄتھ اچانک سخت شور تہٕ یِمَن سارنٕے آوازَن منٛز دِژ کمی تاٗنی زیادے زورٕ کرِتھ تہٕ ہیوٗتُن شکاری سُند ناو۔ سپاہَن ہنٛز اکھ چھوکھا اُس واٗتِتھ پیٚنٛژ یِمَو یِہ وۄن زِ یِم اُسی بادشاہَن شِکارِس بلاوِتھ اَنہِ خاطرٕ سۄزی ہٕتی۔ اُمِس بچارِس گو وپھرٕ ٹھ۔ تِمی دِژ کرِتھ "یِم چھامیٚون ناو ونان۔ میون ناو ہا۔ مےٚ سۄزا بادشاہَن ناد؟ بادشاہ صابس کیاہ پو میوٗن یُتاہ ژیری ضرورت؟ شاید ما آسہِ سُہ اَتھ سوداہَس پَتھ پشتاوان تہٕ آسہِ یژھان زِتَس گوٗھَن پننہِ روپیہ واپس۔ نتہٕ ما آسہِ طوطَن میاٗنی واگوپی کرٕمژ۔ ہاے۔ وۄنی کیاہ بنہِ؟ بہٕ کیاہ کرٕ وۄنی؟

مگر اَمی ہِندی یِم ساری شک سپدی غلط ثابت تِکیازِ بادشاہَن اوس تمہِ کتھہِ باتھہٕ ہِندِس نتیجس منٛز اُمِس نادسۄزمُت یوسہٕ تِمی اَمی ساعتہٕ طوطس ستی کرٕمژ اُس تہٕ اَمی (طوطن) اوس تِمس پَنُن بُنیاٗدی مقصد بوومُت۔ سُہ اوس یژھان اُمِس یِہ حکم دِیُن زِ وۄنی چھِی ژےٚ سبٹھا پنسہِ تہٕ وۄنی ژھَن یِہ شکاری آسنک ظاٗلم کار ترٛاُوِتھ تہٕ کر کانٛہہ بدل کاربارا۔

شِکاری کوٗرُس وُلی وُلی اقرار تہٕ وۄنُس مےٚ تہٕ چھُ یی اِرادٕ تہٕ بہٕ سوزٕ پَنُن

زال تہٕ باقے چیز محل خانہٕ یتھ پیٹھ ثبوت پیش کرِ زِ بہٕ پھُٹر اوٚنہٕ پَنُن وعدٕ ۔ یہٕ وڑا واتہٕ تہٕ جلدٕ ے کوٚر بادشاہَن اکھ فرمان جاری زِ کانٛہہ تہٕ شخص گوٚژھہِ نہٕ مُلکس منٛز کانٛسہِ جاناوارس رٹُن یا مارُن تہٕ یُس اکھ حُکمچ عدولی کرِ تمِس پیہِ شاہی حُکمس تحت سخت سزا دِنہٕ ۔ امہِ پتہٕ اوس اتھ مُلکس منٛز جاناوارن ہنٛز برداریہِ منٛز امن تہٕ اطمنان ۔ امہِ پتہٕ رٕوٕ دی یم پرٛنہٕ پیٹھی نَوان تہٕ ذٕہ دوہَس اُسی فضاہَس منٛز تہنٛدی موٚڈری نغمہٕ وزان روزان ۔

بادشاہَس ہنٛز شُکر گزٲری خٲطرٕ کوٚر طوطَن محل خانس منٛز نے روزنُک فٲصلہٕ ۔ شاہی خاندانس کس پژ بتھ نفرس ستی تھاوٲ ٲمی لے تہٕ سارِنے گووِیہ ٹوٹھ خاص کرِتھ شہزادِیو سہٕ پَنُن پوٚرٕ وقت تہٕ خیال ٲمی ہے ستی گزاران اُس ۔ یتھ زِ سو اُسنہٕ وۄنی بڑہم پاٹھی بادشاہَس یعنے پَنہٕ نِس مٲلِس نِش تہٕ گوھان بلکہِ اُس ہمیشہِ طوطہٕ ہے ستی گنٛدان تہٕ گتھہٕ کران تہٕ ونان اُس "اوہ بہٕ کیاہ کرِ ہر گامیوٚن یہِ مٲری موٚنڈ طوطہٕ موٚ دیا مےٚ نِش وُڈو کرِتھ ژوٚل؟ طوطا ۔ ژےٚ چھسے بہٕ ٹاٹھ ۔ چھسَے نا؟ تہٕ ژ ما ژَ لکھ زانٛہہ؟ ژَ لکھ ما؟ میانہٕ پژی یارِ مےٚ کر وعدٕ زِ ژٕ روزَ کھ ہمیشہِ مےٚ ستی!"

یِیلہِ وۄن معاملہٕ تِتھے کنٛز چلان رٕوٕ دی بادشاہ ہیوٚتُن قدرتی ناراض گوٚھن تکیاز تَس اُس کوٚرہ وارِیہہ زیادٕ ٹاٹھ تہٕ سہٕ اوسنہٕ یژھان زِ سو گوارِ پَنُن سوٗرے وقت طوطہٕ ہے ستی ۔ اکہِ دوہہٕ دِگرس بٲگ ہیوٚ پرٛژھ ٲمی پَنہٕ نین کینٛہوٚن دوستَن مشورٕ زِ مےٚ کیاہ پزِ کرُن ۔ سہٕ اوسنہٕ یژھان نتہٕ ما اوس سہٕ کھوژان زِ سہٕ ژھنہِ ہے طوطہٕ ہے مٲرِتھ ۔ مگر ٲژر کرہے تہٕ کرِ کیاہ؟ تمو دِیُت تَس مشورٕ زِ تۆہی کرِو حُکم زِ طوطہٕ گوٚژھہ

دربارس منز یاباغس منز یاتھ جایہِ ننہٕ ین یوٚت بادشاہیٚو ھِ زٕ اُمی ہنز کوٗر گوھِ تنٛ تکیاہ زِیہ چھُ توہہِ پتاہ زِ یوٚت تہِ طوطہِ گوھہِ توٚتےٚ گوھِ شہزاد کتہِ۔بادشاہ گوو یہ مشوٗرٕ بوٗزِتھ خوش تہٕ اُمی ساعتہٕ سوٗزن اُکھ نوکر یتھ زِ یہ طوطس دربارس منز اَنہِ۔ یتھہٕ کنٛ زن گوڈے وَننہٕ آوزِ طوطس اوس تہِ سأرلم پتاہ آسان یہ دُنیاہس منز سپدان اوس تہٕ سہٕ اوس پننہِ مأ لکنہِ کانٛہہ تہِ خاص خبر ونان۔لہٰذا سمجھاوُاُمی یہِ بادشاہ سُند سہٕ منصوٗبہٕ یمہِ کنٛ سہٕ پننہِ کوٗر ہیٚنہِ پانس نش انان آسہِ ہے۔طوطن ووٗنُس بڑ ونٛہہ کُن ''جان گوو ژٕ گوھ۔نیرفورن تہٕ مےٚ تھاوِ یتی۔''

شہزادِ کوٗر یلی۔وَتہِ سمکھ اُمس بادشاہ سُند یہ شیچھ وول تہٕ پرٛژھنس ژےٚ کوٚت چھی گوھُن۔اُمی دِتُس جواب زِ بہٕ سوٗزس بادشاہَن طوطہِ دربارس منز اَننہٕ خاطرٕ۔

تَمہِ ووٗنُس ''کینٛہہ چھُنہٕ۔ژےٚ چھی نہٕ اور گوھنُک ضرورت۔بہٕ گرٕ پانےٚ بادشاہَس ستی کتھ۔پکھ مےٚ ستی واپس۔مےٚ چھُ بادشاہ صأب ہے نشہِ وُنی کبس گوھُن۔''

تتھےٚ شہزادِ مأ لس سمکھنہٕ خاطرٕ دزلیہِ طوطس پانٛ پنُن وطن تہٕ پنٛنی پرٛانی یار یاد تہٕ اُمی کوٗر اِرادٕ زِ بہٕ گژھِ تَمن نشہِ تہٕ توٚت تانی ولتہٕ واپس یوٚت تانی شہزادِ واپس یِیہ۔لہٰذا اژھنہٕ اُمی پننہِ کینٛہہ پرٛانہِ تہٕ پھچہ موٚتیر کڈِتھ۔یتھ زِ یہ زیادٕ خوبصورت باسہِ ہےتہٕ یمہِ (تیرٕ)اُتی فرشس پٹھ ترٛاوِتھ دزاو سہٕ۔یہِ ووت ٹھیک پأٹھی پنُن وطن تہٕ پننہٕ نو دوستو تہٕ اُشناو وکوٚرُس وَژھِ واُنجہ استقبال۔تم سأری سپدی دُبارٕ سمکھنس پٹھ

سبٹھاخوش تہٕ یتِس کالس دۄ رروزنہٕ پتہٕ آسہٕ یمَن واریہہ گتھہٕ وَننہٕ۔ تِمن آسہٕ نہٕ پۄرٕ پأٹھی گتھہٕ کرنہٕ موکلانٕے تہٕ یپأرٕ رۄ دوقت تہٕ ژلان یوٚت تانٛ شامہٕ ژھایہٕ ہیرٕ ون گرٛہنہٕ تہٕ طوطس پیوٚ یاد زِ أمِس چھُ نیرُن۔ لہٰذا مون نہٕ أمی اَتہٕ بیٚہٕ گاٹٕس کھنڈس روزنہٕ باپتھ دوستَن ہُنٛد زارِ پارٕ تہٕ پگہہٕ مُژ رِتھ کوٚرُن اَتہٕ وُڈو۔

واپس یِوُن وۄتھ طوطہٕ سمندر بٹھس نکھہٕ أکِس باغس منٛز یوٚن ییٚتہٕ واریہہ کم یاب تہٕ خوبصورت پوش أسی ووپدٕ ہمتی۔ اَتہٕ ژٕٹن زٕ سارِوٕ ے کھوتہٕ خوٗبصورت (پوش) تہٕ آو واپس شہزادِ نِش۔ وۄل گووشہزأدی أس دربارٕ پیٹھہٕ واریہہ کال بڑ ۄنہہ واپس آمُژ تہٕ ییٚلہِ نہٕ اَتہٕ طوطہٕ وُچھنہٕ تہٕ أسس سخت فِکر پیٚمٕژ تہٕ اَمہِ پتہٕ کیٚہہ کألی ییٚلہِ اَمہِ پتھٕرِس پیٹھ کینٛہہ پھُھمٕژ تیٖرٕ وُچھَن تِمس سپُد انتہأیی دوکھ۔ اَمہِ سوٗنٛچ زِ ضرور چھےٚ کانٛہہ براٗر کمرس منٛز ژامُژ تہٕ أمی سُنٛد یہِ خوبصورت جانا وار نِمُت۔ کأفی ودنہٕ تہٕ ماتم کرنہٕ پتہٕ گیہِ سو بادشاہَس نِشہِ تہٕ وۄنٛ نَس پننہٕ یہِ دوکھہٕ ہُژ دٔلیل تہٕ تِمس کوٚرُن درخاس زِ ژٕ دِ حُکم زِ چأنِس مُلکس منٛز ییٚتہِ کُنہِ براٗرا نظرِ گژھِ سو گژھِ مارنہٕ یِنہٕ۔ یُدوَے زن بادشاہَس طوطہٕ سُنٛد زیادٕ پھیوٗرنہٕ مگر سُہ اوس پننہِ کورِ خوش یژھان گرُن لہٰذا دِتُن امی وِزِ حُکم زِ مُلکس منٛز ییٚتہِ تہٕ کانٛہہ بڑأر نظرِ گژھِ سو گژھِ تمی ساعتہٕ مارنہٕ یِنہٕ۔ اَنہِ گوٚٹ گژھنہٕ بروٗنٛہہ آسہٕ ہَتہٕ بڑٕ بڑارِ مارنہٕ آمٕژ۔

مگر شہزادِ بچارِ میوٗل نہٕ اَمہِ انتقامہٕ کنٛز زیادٕ سوکھ۔ سو آیہِ واپس پننہٕ نِس کمرس منٛز۔ درواز کوٚرن بنٛد تہٕ رۄز توٚت تانٛ وَدان یوٚت تانٛ ہکیتھ أسس۔ دوکھہٕ ہُژ رۄز سو باکہٕ دِوان "میانہِ طوطو، میانہِ طوطو۔ مےٚ کیٛا زِ ترٛ ایا مکھ ژٕ ییٚتہِ؟ بہٕ دژا یے یَس

گوڈنکہٕ پھِرٕ ژٕے نِشہِ ۔ یہِ کیاہ ظُلما کوٚر تھٔم''۔ تتھۍ کِنۍ روٗزسو پَنٕہ نِس پالتو سأتھیس پیٚتھ ماتم کران ۔ تٔمہِ رأژ وَچہٕ تٔمہ سیٚٹھا سیٚٹھا ژیٚرِ اٚچھ تہٕ ییٚلہِ ووٚن تٔس نِنٛدٕر آیہ تہٕ سو آیس سیٚٹھے ہٕ گٔمس کالس ۔ سو گیہِ بیٚیہِ ہُشار تہٕ پھِرِ پھِرِ اوٗسُس قدرتی اٚتھی دوٚکھس کُن خیال گژھان ۔ سو دژایہِ بسترٕ منٛز نبر تہٕ کوٚرُن اِرادٕ زِ یہِ دِمہٕ پانس پھاسی تہٕ گژھہٕ اَمہِ غمہٕ منٛز آزاد ۔ تٔمہِ کوٚر یہِ تدبیر زِ اٚکھ رزٕ گنٛڈٕن تالوٚچہِ اٚکِس کٔرِتہٕ اَتھ رزِ ووٚن گنٛڈ تہٕ ووٚنی اٚس اَتھ منٛز پَنُن گلہٕ برٛنس تیار زِ اٚتھی منٛز ژاو دارِ کِنۍ وُچھ دِتھ طوطہٕ اندر ۔ ہرگا بیٚیہِ اٚکھ ژٕیہہ ژیٚر گیاو تہٕ طوطہٕ وُچھہ ہے پنٕنہِ مالکنہِ بدلہٕ تسنٛز لاش ۔ سو کو سہٕ زِہو آسہِ ۔ یو سہٕ وُنتھ ہیٚکہِ تہٕ سُہ کُس قلم آسہِ یُس سُہ تٔمہِ ساعتٕچ اٚکی ہٕسنٛز حأرانی تہٕ بے ہٕسنٛز خوٗشی بیان ہیٚکہِ کٔرِتھ ییٚلہِ تٔم پانٕہ وأنی ہٕسمکھی ۔ شہزادِ روٗٹ طوطہٕ چیرٕ ہٕسنِس تہٕ تہٕ ددرایہِ ہوٗرُن اوٗش تہٕ ووٚنُس زِ مےٚ باسیاو زٕ چھُنگھ کأنسہِ بزارِ کھیوٗمُت تہٕ تٔمہِ کِنۍ کوٚر مےٚ بادشاہ مجبوٗر زِ سُہ کَڈِ حُکم یُتھ زِ مُلکس منٛز سارے بزارِ گالنہٕ یِن تہٕ تٔمہِ پَتہٕ کِتھۍ کِنۍ باسیاو مےٚ پَنُن پان کُنے زوٗن تہٕ بےبَس زِ مےٚ کوٚر پان مارنُک فأصلہٕ تکیاز یہٕ ہیٚکہٕ ہانہٕ ژٕے ورأے زِنٛدٕ روٗزِتھ ۔ طوطہٕ گو وأنی ہٕسنٛزِ یہِ دٔلیل بوٗزِتھ تیٚتھ مُتأثر زِ تٔمس گو والہٕ پٔلہٕ یہِ وَنُن تہٕ مُشتھے زِژ گژھہ فورن بادشاہَس نِش تہٕ سُہ نیاو ناوُن معصوم بزارن متعلق ظأٔلم حُکم واپس ۔

اَمہِ پَتہٕ کینژ س کالس روٗدٕ یِم دونوٚے لٔنٛد ہیٚتھ ژھوپہ کٔرِتھ اٚکھ اٚکی ہٕسنٛزِ خوٗشی منٛز رأے دِتھ ہوی ۔ چھیکرس تہٕ کٔر طوطن گتھ ۔ تُمی ووٚن پنٕنہِ مالکنہِ زِ سُہ کیاز زِ سپُدتس تتھۍ کِنۍ اچانک اٚتی ترأوِتھ نیرِنس تہٕ پَنُن وطن تہٕ لوٗکن نِشہٕ گژھنس مجبوٗر تہٕ بیٚیہِ ووٚنس

پَتہٕ زِ تِمَن نِشہِ کیاہ بوٗزمےٚ تہٕ وَتہِ کیاہ وُچھُم تہٕ پَتہٕ کرِ نُس تم زٕ خوٗبصورت پوش پیش

یم اُمہِ سمندرس نکھہٕ باغہٕ منز ژٕٹتھ آسی اٲنی ٕتی ۔ یم خوبصورت پوش وُچھتھ تہٕ یمَن

مُشک ہیتھ گیہ شہزادٕ دی بے ہوش ۔ اَمہِ آسی نہٕ اَمہِ برٛونہہ تِتھی خوبصورت تہٕ تِتھی

مُشکدار پوش وُچھمتی ۔ییٚلہِ سوحبہٕ آیہ سو گیہ تہٕ ہاوِن یم بادشاہَس ۔ بادشاہ تہٕ ساٲری

دربٲری گے یم پوش وُچھِتھ حٲران ۔ تِتھی شاندار پوش آسی نہٕ یمَو وُچھمتی زانہہ تہٕ نہ

اُسکھ سوٗچمتی زانہہ ۔ بیٚیہ یِتھ شاندار مُشک تہِ یُس سٲری ہے محل خانس پھٲلیاوِتھ

زِیم مُلازِم تہٕ نوکر دوٗر دوٗر رتانی پَنہٕ ننہٕ گرن منز روزان آسی تِمو تہِ ژیوٗن یہِ تہٕ اَکھ

اَکِس آسی پرٛژھان زِ یہِ (مُشک ) کتہِ آو ۔

بادشاہَن پرٛژھُس "ژٕے کتہِ اَنتھ یم ؟"

شہزادِ وونُس "مےٚ دِتی یم طوطَن تہٕ تِمَو وون زِ یم چھِ سمندر بُٹھس نکھہٕ پرٛین

ہِندِس بادشاہٕ سُنٛز کورِ ہِندِ باغہٕ کیو پوشہِ کُلو پیٹھہٕ ژٕٹنہٕ آمتی ۔ تِتہٕ چھِ تِتھی بہہ ساس پوش تہٕ

پرٛتھ اَکِس چھُ بہہ ساس روپیہ مول ۔"

بادشاہَن وون "پوٗز چھُ ۔ پوٗز ۔ تِتھی ہوی پوش گژھَن جلدی آسنی !"

پَتہٕ وونُس شہزادِ زِ ژٕ سوزُن کانہہ تہٕ مےٚ خٲطرٕ اناوِ تِتھی کینہہ پوش ۔ یہِ اوس

تِیتھ درخاس یُس سیٹھا مُشکل پوٗرٕ کرُن اوس تہٕ کرِتھ تہِ وونُس بادشاہَن زِ بہٕ کرٕ

کوٗشش تہٕ فورَن سوٗزِن نفریم (پوش) ژھانڈنہٕ خٲطرٕ ۔ واریاہ دوہ پَتہٕ پھیرِ یم

نفر واپس تہٕ وونکھ زِ تِمَن چھُ یہِ یقین زِ تِم ہیکَن نہٕ یم پوش زانہہ تہِ حٲصل کرِتھ ۔

وون گوو بادشاہَن تہِ ژٕ اوٗنہٕ جلدِ ے یم پوش ژھانڈنچ کوٗشش ۔ تِمَو دِیت حُکم زِ

دُنیا کِمن مختلف مُلکن گرٛھن چھِہ پننہٕ لِکھنہٕ یِمن منٛز یہ لِکھنہٕ پیہ زِ آیا یِم پوش ہکہٕ نا کُنہِ مېلتھ تہٕ وعدٕ کوٚرُن زِ سُہ دِیہِ پنٕنی مارٕ منٛز کوٚر تس شخص نیٚتھری بامے سُہ یُس آسہِ تہٕ سُہ یُس یِم (پوش) اُمِس خاطرٕ اَنِتھ دِیہِ۔ لی آو کرنہٕ مگرٕ ریہِ واد گُزرِتھ تہٕ ننیاونہٕ یِمن متعلق کیٛنہہ۔

اَمہِ برٛ ونہہ اوس اَمِس بادشاہٕ سٕندِس مُلکس منٛز اَکھ باپأرٕ روزان یُس سبٕھے زیادٕ مالدار اوس تہٕ پننہِ دولٕژ کِنی اَسی اَمِس عام لوٗکھ سبٕھاہ عزت کران۔ لوٗکن ہٕنٛدِ تھٔنی کرنہٕ تہٕ حدٕ کھوتہٕ زیادٕ تعریف کرنہٕ کِنی اوس اَمِس باپأرِس گھمنڈ تہٕ سخت۔ تیوٗت گھمنڈ زِ یہِ اوسنہٕ کانٛسہِ ہٕنٛز تہٕ گژھ مانان بادشاہٕ سٕنٛز تتنہٕ۔ یِہوے گھمنڈی نفر گُزریاو اَمِس اوس نہٕ کانٛہہ شُراہ مُراہ تہٕ نہ کانٛہہ بوٛیی لہٰذا میچ اَمی سٕنٛز ساٖرے دولت بادشہَس۔ سُہ اوس اَمِس باپأرٕ سٕنٛزِ آشنہِ خاطرٕ دۄکھہٕ بوٚرت دوہہ یِمہِ دوہہ اَمِس خانہٕ دار گُزریاو۔ یہِ بچارٕ اَس کمزور تہٕ علیل تہٕ بچہٕ سٕنٛز اَسس وۄمید وأری۔ تَس اوسنہٕ فِکری تران زِ تَس کیاہ پزٕ گرُن وۄٚں گوو زِنٛدٕ روزنہٕ خاطرٕ اَسس کأم گرٕنی اَمہِ کِنی گیہِ سو اَمہِ مُلکہٕ کِس اَکِس کاشتکارِس نِشہِ منٛزٕ رٕ کرنہٕ۔

پَنہٕ نِس وقتس پیٚٹھ زاو تَس بچہِ۔ اَمِس اوس قسمت رُت زِ یہِ گوو بوٚڈ تہٕ سبٕھا مضبوٗط اوس۔ یِیلہِ وۄنی یہِ بالغ سپُدتھ کامہِ کارِس لایق سپُد تہٕ اَمی کاشتکارن سوٗز یہِ کھیٚن منٛز گُپن رچھنہِ۔ منٛزی منٛزی اوس اَمِس کاشتکارِس سند بن شُربن ستی مدرس گرٛھنگ تہٕ وقت میلان۔

یہِ اوس اَکھ جان لڑکہٕ تِمہِ کِنی اوس یژھان زِ یہٕ گوٚژھس بوٚڈ تہٕ گاٹُل بنُن۔

أمی ہیٚژ ماجہِ اوس پننہِ جایہِ یہِ باسان زِ أمِس لڑکس اوس خراب ہِتارِ یتھ کِنہِ أمِس کاتھہ ناوِ ے کوٚ رُکھ تہٕ پنٕنۍ سکوٗل باٚج أ ٚسس کھرٗ یاونان تِکیازِ أمِس أس کُلس کُھر۔سکوٗل ماسٹرس توٚ روٗلی وٗلی فِکرِ زِیہِ چھُ قأبِل تہٕ یہِ زأنتھ زِ پرٚنس منٛز تہٕ اوس یہِ جان تہٕ محنتی لہٰذا اآو أمی أمِس منٛز زیادٕ ے دلچسپی تہٕ ہیچھنووُن یہِ تہِ سأئلم یہِ کینٛژھا أمی ہیوٚک۔أمی دِژ أمِس تحفہِ کِنۍ کتابہٕ تہِ۔تتھہٕ کنۍ پوٚرن سبق تہٕ چالاک تہِ بنٛیاو۔ سأری لڑکہٕ أسی وٗنۍ أمِس رشک کران۔

اکہِ دوہہٕ بنیہٕ کأمازِ کھوٚ راوِس ماسٹر ہیٚژ گتھ تانٛی کامہِ خأطرِ دژ امُت تہٕ أمِس سمکھیٚاو بادشاہ ہِنٛد بۄنفر ونٛز اکھ تیمی أمِس وٗن زِ ژٕ اَنتہٕ تتھی کینٛہہ کم یاب تہٕ مأری مٔنٛدی پوٚش۔أمی (کھٔری) پرٛژھ أمِس ''ژٕ کتہِ پیٹھہٕ آکھ؟ کمہِ خأطرِ چھکھ آمُت؟ ناو کیاہ چھی؟''

بادشاہ ہِنٛدی نفرن پلنووُس جوابس منٛز بادشاہ سُنٛد یوٚ ہے اطلاع۔یہِ وارِ پرنہٕ پَتہٕ وۄنُس کھٔری ''ژٕ دِمے کینٛژھا سفر خرچہِ تہٕ بہٕ انکھ یم پوٚش۔ژٕ گرٛژھ فورَن بادشاہَس نِشہِ واپس تہٕ تٔمِس وَن زِ سُہ وَنہِ کورِ کِہنی چھُنہٕ پرواے تہٕ تٔمِس دِیہِ توٚت تانٛی دِلاسہٕ یوٚت تانٛی بہٕ واتہٕ۔ژٕ کھوٚ ژی زبنہٕ زِبہٕ کیاہ دِمے ژٕ ے دھوکہٕ۔''

بادشاہ سُنٛد نفر سپُد أمِس لڑکہٕ ہِنٛدِ وولہٕ دولہٕ ورأ ے گتھ کرنس پیٹھ خوش تہٕ أمِس ضروٗری خرچہٕ تہٕ بادشاہ ہِنٛدِ طرفہِ بند کُرِتھ چِٹھی دِتھ گو وسہٕ وٗلی وٗلی بادشاہَس پننہِ کامیأبیہِ ہِنٛز شیچھ باونہٕ خأطرِ۔

کھوٚ ر گو و گوڈٕ ماجہِ نِشہِ تہٕ تٔمِس وۄنُن مےٚ کیاہ چھُ گُرن۔تمہِ وۄنُس ہتایہِ

بیقل گی مَتہٕ کرتہٕ مگر أمی تہٕ بوٗزِس نہٕ کہنی۔ اَمہِ پتہٕ گوو یہِ پنہٕ نِس مأ لکس تہٕ ماسٹرس یہِ
وَننہٕ خأطرٕ تہٕ تِمَن روخصت ہیتھ دژ اویہِ سفرس پیٹھ۔ دویہِ ترٛیہِ دوٛہہ ووت یہِ أکِس
جنگلس منٛز یتہٕ أمِس اکھ سیٹھے تھوٚد تہٕ بوٚڈ نظر پیٚنہٕ وول شخصا سمکھیاو۔ أمِس تھٔدِس
نفرس اَتھس تھپھ کٔرِتھ کٔرن أمِس سلام۔ أمی نفرن کوٚر رُس جواب سلام تہٕ پرٛژھنس
ژٕ کُس چھکھ؟ کتہِ پیٹھٕ آکھ تہٕ کتھ گژھُن کوٚت چھی؟ أمی لڑکن وۄنُس سإٔلم کینہہ تہٕ تھہِ
کنٕی أمی پننہِ ماجہِ، مأ لکس تہٕ ووستادس وۄنمت اوس تہٕ کانہہ تہِ گتھا تھأون نہٕ أمِس
ژوٚرِ۔ اَمہِ پتہٕ کوٚر أمی بڑی تہٕ تھٔدی نفرن أمِس دُعایہِ خأراتہٕ دوٚپ نِس گژھ نیر ژٕ
پوٚش ژھانڈنہِ۔ مگر أمی لڑکن ترٛاو نہٕ أمِس توٚت تانی اَتھس تھپھ یلہِ یوٚت تانی نہٕ
أمی یہِ وۄننس زِ ژٕ ے کیاہ چھی گژھُن۔ یلہِ أمی قدآور نفرن یہِ زون زِ یہِ لڑکہِ چھُ
رُت تہٕ مجبوٗری چھس باسان تہٕ وۄننس زِ یہِ کُس چھس تہٕ أمی سنٛز پاکبأزی کنٕی کتھہِ
کنٕی ہیکہِ یہِ تہٕ سإٔلم حأصل کٔرِتھ یہِ أمِس ضرورت آسہِ۔

کھٔری وۄنُس "یِی اوسُس یہٕ ژ ے نِش یژھان تِکیا زِ مے باسیاو زِ ژٕ چھکھ
اکھ خدا دوس شخص تہٕ ژ ے چھی یہِ سإٔلم طاقت۔ یہٕ چھے التجا کران مے وَنتہٕ زِ مے
میلنا یِم پوٚش رِکنہٕ نہٕ؟ مے کیاہ چھُ ناوتہٕ مے کیاہ چھُ قسمتس۔"

أمی قدآور شخصن وۄنُس "گوٚبرا، ژ ے ہیکہِ نے یِم پوٚش میلتھ ژ ے چھی
رُت مُستقبل تہٕ ناو گے ژ ے گلالہٕ شاہ۔"

یہِ وَنان تھوو أمی پٔتِن کھوٚو راتھہٕ أمِس لڑکس گلس پیٹھ تہٕ آبہٕ ستی برٕتھا اکھ
الہٕ کھوٚکھٔر ٹلن تہٕ ترٛوون یہِ آب أمِس پیٹھ تہٕ أتھی منٛز گیہِ أمِس کھٔر تہٕ باقی قبوٗح

أمِ ہنزِ ماجہِ اوس پننہِ جایہِ یہِ باسان زِ أمِس لڑکس اوس خراب ستارِ ییمہِ کنہِ أمِس کاتھہ ناوِ ے کوٚرُکھ تہٕ پننہٕ سکوٗل بأج اُسس کھرٕ یاونان تکیازِ أمِس اُس گلس کھٕر۔ سکوٗل ماسٹرس توٚ روٗلی وٗلی فکرِ زِیہِ چھُ قأبل تہٕ یہِ زأنتھ زِ پرنس منٛز تہِ اوس یہِ جان تہٕ محنتی لہذا اَیاوٲمی أمِس منٛز زیادٕ ے دلچسپی تہٕ ہیچھنوٗن یہِ تہِ سأئنس یہِ کینٛژھا أمی ہیوٚک۔ أمی دِژ أمِس تحفہٕ کنہِ کتابہٕ تہِ۔ یتھہٕ کنہِ پوٚرن سبق تہٕ چالاک تہِ بنیاو۔ سأری لڑکہٕ اُسی ووٗنی أمِس رشک کران۔

اکہِ دوہہٕ بنیہِ کأمازِ کھوٚراوس ماسٹرٕ ہنزِ گتھ تأنی کامہِ خأطرِ دژ امُت تہٕ أمِس سمکھیاو بادشاہٕ سنٛدِ بونفر ومنٛز اَکھ ییمی أمِس ووٗن زِ ژٕ اَنتہٕ تتھی کینٛژھہ کم یاب تہٕ مأری مُنٛدی پوٚش۔ أمی (کھٕری) پرٛژھ أمِس ''ژٕ گتہِ پیٹھہٕ آکھ؟ کمہِ خأطرِ چھکھ آمُت؟ ناوکیاہ چھی؟''

بادشاہٕ سنٛدی نفرن پلنووٗس جوابس منٛز بادشاہ سُنٛد یوٚہے اطلاع۔ یہِ وارِ پرنہٕ پتہٕ ووٗنُس کھٕری ''ژٕ دِمٕے کینٛژھا سفر خرچہِ تہٕ بٕہ اَنکھ یِم پوٚش۔ ژٕ گژھ فورَن بادشاہَس نِشہِ واپس تہٕ تٔمِس وَن زِ سُہ وَنہِ کورِ کہنی چھنہٕ پرواے تہٕ تٔمِس دِیہِ توٚت تأنی دِلاسہٕ یوٚت تأنی بٕہ واتہٕ۔ ژٕ کھوٗژی زبنہٕ زِبٕہ کیاہ دِمٕے ژٕ ے دھوکہٕ۔''

بادشاہ سُنٛد نفر سَپُد أمِس لڑکہٕ سنٛدِ وولہٕ دولہٕ ورأے گتھ کرنس پیٹھ خوش تہٕ أمِس ضروٗری خرچہِ تہٕ بادشاہٕ سنٛدِ طرفہٕ بند گرِتھ چِٹھی دِتھ گو وسُہ وٗلی وٗلی بادشاہَس پننہِ کامیأبیہِ ہنٛز شیچھ باونہٕ خأطرِ۔

کھوٚر گووگوڈٕ ماجہِ نِشہِ تہٕ تٔمِس ووٗنُن مٕے کیاہ چھُ گرُن۔ تمہِ ووٗنُس ہتایہِ

بیقل گی مَتہٕ کرتہٕ مگر أمی تہٕ بۄزس نہٕ کہنی۔ اَمہِ پتہٕ گودیہِ پننہِ نس مأ لکس تہٕ ماسٹرس یہِ وَننہٕ خأطرٕ تہٕ تِمن رۄخصت ہیتھ دژاوِیہِ سفرس پیٹھ۔ دۄیہِ ترٛیِہ دۄہ وووت یہِ أکس جنگلس منٛز یتہٕ أمِس اکھ سبٹھے تھۄدتہٕ بۄڈ نظر ینہٕ وول شخصا سمکھیاو۔ أمِس تھدِس نفرس أتھس تھپھ کٔرِتھ کٔرن أمِس سلام۔ أمی نفرن کۄرُس جواب سلامہٕ تہٕ پرٛژھنس ژُکس چھکھ؟ کتہِ پیٹھہٕ آکھ تہٕ گژھُن کوٗت چھی؟ أمی لڑکن وۄنُس سأرلم کینٛہہ تہِ تھٕ کنی أمی پننہِ ماجہِ، مأ لکس تہٕ وۄستادَس وۄنمُت اوس تہٕ کانہہ تہِ گتھا تھأون نہٕ أمِس ژۄرِ۔ اَمہِ پتہٕ کۄرأمی بڈی تہٕ تھدی نفرن أمِس دُعایہِ خأراتہٕ دۄپُنس گژھ نیرٕ ژٕ پوش ژھانڈنہِ۔ مگر أمی لڑکن ترٛاونہٕ أمِس توٗت تانی أتھس تھپھ یلہٕ یوٗت تانی نہٕ أمی یہِ وۄننس زِ ژٕ نے کپأری چھی گژھُن۔ یلہِ أمی قدآور نفرن یہِ زون زِ یہِ لڑکہٕ چھُ رُت تہٕ مجبوٗری چھس باسان تہٕ وۄننس زِ ٔبہ کُس چھس تہٕ أمی ہنزٕ پاکبأزی کنی کتھہٕ کنی ہیکہِ یہِ تہِ سأرلم حأصل کٔرِتھ یہِ أمِس ضرورت آسہِ۔

گٔری وۄنُس ”بی اوسُس ٔبہ ژے نش یژھان تکیا زِمےٚ باسیاوزِ ژٕ چھکھ اکھ خدادوس شخص تہٕ ژے چھی یہِ سأرلم طاقت۔ ٔبہ چھسے التجا کران مےٚ وَنتہٕ زِمے میلنا ییم پوش کِنہٕ نہٕ؟ مےٚ کیاہ چھُ ناوتہٕ مےٚ کیاہ چھُ قسمتس۔“

أمی قدآور شخصن وۄنُس ”گوٗبرا، ژے ہیکہٕ نے ییم پوش میلتھ ژے چھی رُت مُستقبل تہٕ ناوگے ژے گلالہٕ شاہ۔“

یہِ وَنان تھووأمی پٔنن کھوٗرا تھہٕ أمِس لڑکس گلس پیٹھ تہٕ آبہٕ ستی بٔرِتھ اکھ الہٕ کھوکھر ٹُلن تہٕ ترٛووُن یہِ آب أمِس پیٹھ تہٕ أتھی منٛزگیہِ أمِس کٔرتہٕ باقی قبوٗح

دۄرتہٕ وۄنی اوس یہِ سبٹھا خۄ بصورت۔ییلہِ اَکی یہِ موکلو وکرِتھ تہٕ وۄنُس اَمی نفرن زِنیر ژٕتہٕ کھوٚ ریام دژ اوتہٕ اَمی کوٚ رُنس بییہِ دُعاے خیر۔

کینژٕ دۄہ کو ووت کھوٚ راَ کِس جایہِ تہٕ اَتہِ رۄ داَ کِس بُڈ موئٹِہ زنانہِ ہٕنٛدِس گرِس منٛز یوسہٕ اَتی روزان اَس۔یہِ اوس اَمِس بُجہِ سخت مہربان تہٕ اَمِس اوس کھنٛن چَن دِوان تہٕ باقی تہِ مدد کران۔پزٕ بتھ دوہہٕ اوس شہرس اور یور پھیران تہٕ دوہے اوس بُجہِ خاطرِ کینٛہہ لوکُٹ بوڈ چیز اانان۔اکہِ دوہہٕ صُبحے اوس یہِ بادشاہٕ سٕندِس محل خانس نکھہٕ دٕریاوس پیٹھ سران کران تہٕ اَتہِ پییہِ اچانک شہزادِ اَمِس پیٹھ نظرتہٕ یہِ تھوٚد تہٕ خۄ بصورت وُچھتھ سۄ زتَمہِ اَمِس بُلاونہٕ خاطرِ پَکُن اَکھ نوکر تہٕ یہِ گو واَمِس نِش۔

کھٕری وۄنس اَدٕ کیاہ بٕہ یمہٕ تہٕ سُہ آو محل خانہٕ کِس باغس منٛز اَ کِس جایہِ واتناونہٕ یوسہٕ شہزادِ مُقرر اَس کرمٕژ۔وارِیَہن دوہَن اَسی یم اَتی پانہٕ وانی سمکھان۔یۄت یۄت یم پانہٕ واَنی سمکھان رۄدی تیۄت تیۄت گنییہِ یمن اَکھ اَکی ہٕنٛز ماے۔ چھیکرس کوٚ رشہزادِ ارادٕ زِ بٕہ کرٕ کھٕرس ستی نیتھر تہٕ گیہِ ماَلِس ماجہِ نِشہِ تمن اجازت منگنہِ۔لازم اوس زِ بادشاہ تہٕ ملکہ یوٚ ژھ زِ یہِ جوان وُچھون گوڈٕ تہٕ بییہِ کرہاو اَمِس متعلق کینٛہہ معلوم لہٰذا آیہِ اَمِس شیچھ سوزنہٕ زِ ژٕ یہِ بادشاہَس نِش۔اَمہِ پتہٕ کیے کاَلی ییلہِ بادشاہَن یہِ وُچھ زِ یہِ چھُ جان، گاٹُل تہٕ اَمِس زامتُر بَنَن لایق تہٕ تمی کوٚ رکورِ اَمِس ستی کھاندر۔کھاندرس پٕد بُڈ شاندار پاٹھی تہٕ پَنٕسہِ یا بییہِ کُنہِ رنٛگہٕ اَسنہٕ کانٛہہ کمی۔ پزٕ بتھ کانٛہہ انتظام اوس بٕڈِس پیمانس پیٹھ تہٕ پزٕ بتھ کینٛہہ سَپد سبٹھاہ خوٚشی سان۔گُلالہٕ شاہ، تیمہِ ناوٕ وۄنی یہِ زانہٕ اوس یِوان، اوس دوہے دربار گژھان تہٕ تمی ہٕنٛز پزٕ بتھ

کانہہ گتھ اُس ہمیشہِ سبٹھے توجہ تہٕ احترامہٕ سان بوزنہٕ یوان۔ اُمی ہنٛز وکوشش ٲسۍ کنہِ آے کینٛہہ رٕتۍ تہٕ انصافس پیٹھ منی قونون لاگو کرنہٕ تہٕ یرٲنی کینٛہہ غلط چیز آے ٹھیک کرنہٕ۔ تتھہٕ کنۍ اُسۍ وۄنی سارۍ بدکار شرٕ کنٛن ژاٖمتۍ تہٕ یم تہِ لُکھ رٕژر تہٕ بجایی اُسۍ یژھان تمن اوس اَتہِ پناہ تہٕ پُشت پناہی۔

اکہِ دوہہٕ وۄن گُلالہٕ شاہن بادشاہَس زِنے دِتہٕ اجازت ئیہ یمہٕ ہلنہٕ از دربارتہٕ ئیہ گرٛ ھ ہاشِکارَس۔ بادشاہَن موٗنس فورنٕے تہٕ حُکم کوٗرن زِ کینٛہہ گُری تہٕ سیاہ گرٛھن اُمس ستۍ دِنہٕ تنۍ۔ سمنٛز دوہَس ییٚلہِ یم شکارَس دورنس منٛز مَست اُسۍ تہٕ سہٕ گرٛژول یَس پیٹھ گُلالہٕ شاہ سوار اوس۔ یہِ دوریاوتیٚوت تیز زِ دوٚیم کانٛہہ گرہیوٚک نہٕ اُمس پوٚشتھ تتھہٕ کنۍ ووت کُہے کاٚنٛسۍ گُلالہٕ شاہ ترٛھِ جایہِ ییٚتہٕ سہٕ گنے زوٗن اوس تہٕ کانٛہہ اکھا تہِ مدد کرنہٕ خاطرِ اوسُس نہٕ۔ اچانک ٹھُہر یاو یہِ ژلہٕ وٗن گرتِکیاوزِ اُمس اوس اکہِ ترٛھہِ ہانکلہٕ ستۍ ڈنگ لوٚگمُت یوسہٕ نہٕ بوزنے اُس یِوان۔ گُلالہٕ شاہَس باسیاو زِ گرآو کمہِ تانی غائبی طاقتہٕ کنۍ گنڈنہٕ تہٕ سہٕ وۄتھ گرِ پیٹھہٕ یوٗن تہٕ پننۍ تیر تہٕ کمان ہتھ کھوٚت نکھہٕ تلہٕ کِس بالَس یُتھ زِ اَتہِ کینٛہہ ہا شکار کرنہٕ خاطرِ ژھانڈِ ہے۔ ہیوٚر پہن کھٔستھ وُچھ اُمی اَتہِ اکھ لوکُٹ ناگا یمہِ کِس بٹھس پیٹھ اَکھ گُل اوس کھوٚتمُت یَتھ اَمہِ ساتہٕ برجستہٕ پھلے اُس۔ تمہِ دِیُت اُتھی گُلِس تلہٕ کنہِ تھکھ تہٕ یام سہٕ پتھر بیٚوٹھ تہٕ اورِ آوا کھ پوٚنز۔ اُمی کوٚر ارادٕ زِ ئیہ لایہِ اُمس تیر تہٕ گوٚنڈن نشانہٕ مگر پنٛزس تتھے اُمی سُند اِرادٕ فِکرِ توٚر سہٕ ژوٚل تیز تہٕ تژاٚون ناگس منٛز ووٚٹھ یمہِ کنۍ گُلالہٕ شاہ سبٹھے حیران سپُد۔ سہٕ رُوٗد تَتھ جایہِ وُچھان ییٚتہٕ پنٛزی آبس منٛز ووٚٹھ اُس تژ اُوٚمتۍ

تہٕ راے اٲسس زِیہِ کھسہِ ؤنی نتہٕ ؤنی آیہٕ تلہٕ دُبارٕ۔

مگر ؤچھتو ووٚنی اور کھرٕ اَکھ خوٗبصورت کوٗریس قیمتی موٚختہٕ مال لاگتھ اَس۔ سو آیہٕ گُلالہٕ شاہَس کُن تہٕ کوٚرنس میوٚٹھ۔ گلالہٕ شاہ سپُد یہِ ڈیشتھ انتہایی حاران مگر رُت تہٕ پاکباز آسنہٕ کِنی ڈوٗل نہٕ ہوشو۔ اُمِس پرٕ زُھن زِ ژ کوسہٕ چھکھ تہٕ ییلہِ فکرٕ توٚرس زِیہِ چھےٚ جواب دِنس لوٚبےٚ ہوان اُمی دِژِس دھمکی زِ ہرگا نہٕ ژ جل جل وَنکھ یہٕ ژھنتھ مارِتھ۔ سو کھوٗژ تہٕ ووٚننس۔

"مےٚ چھُ ناو پنٛج پھوٗل تہٕ میوٚن مول چھُ یِمہِ مُلکُک بادشاہ۔ یُس پرٕ ییٚن ہُند چھُ۔ بٔ چھُس رٕژ تہٕ رُتےٚ کرِنٛج چھُس کوٗشِش کران تہٕ پرٕ بتھ کانہہ چھُ مےٚ لول بران۔ بٔ ییلہِ واریاہ لوٗکٹ اٲسس تہٕ میانی مالی سوٗنٛج زِ بٔ گرٕ اُمِس پننہِ نِس زِ ژھس دوٚاریٖ (دَربان) سٕندِس نچوٗس ستی۔ اِدوہہ آو گنڈنہٕ تہٕ پوٗرٕ تیاری یہِ سپٕز تہٕ ووٚنی اَسی کھاندرس کیٚہ دوہہ تہٕ زِ ژھس دربان سُند نچو گوو دوٚد شِکی پاٹھی پننہٕ نبن ستی باجبن ستی گنڈنہِ۔ تمہٕ اَسی وزیر بادشاہ گنڈان مطلب اَکھ لڑکہٕ اوس بادشاہ تہٕ بیا کھ وزیر بنان تہٕ باقے اَسی مُلکی باقے عوہدٕدار بنان۔ پرٕ بتھ کانہہ اوس اَتھ گنڈنس منٛز تتھےٚ پاٹھی کتھ باتھ کران تہٕ ووتھان بیٚہان یتھہ کِنی یِمن منصبن ہٕندی لوٗکھ کران چھِ۔ اَمہِ دوہہ اوس دربان سُند نچو بادشاہ بنیوٗمُت تہٕ سُہ اوس بادشاہ سٕنزِ جایہِ بیٚہتھ۔ تمہٕ اَسی پانہٕ وانی گنڈان زِ اصلی بادشاہ سُند نچوٗ دزٕ اولیاری تہٕ یہِ گنڈن ؤچھتھ دِتُن اُمِس شاپھ "گژھ پرٕ ییٚن ہٕندِ مُلکہٕ منٛز فناتہٕ پتہٕ یہِ عام لوٗکن منٛز زنمس" اَمہِ شاپھہٕ کِنی موٚ دوٚلی ڈٲگی دربان سُند نچوٗ تہٕ پتہٕ لوٚبُن دُبارٕ عام لوٗکن منٛز زنم۔ مےٚ ووٚن اکہٕ

ویٚسہِ اُکھ ہِنٛدِ مرنٕک تہٕ یہِ بوٗزِتھ سپُدمےٚ سیٹھاہ دوکھ تکیٛازِمےٚ اوس دربان سُنٛد یہِ نیٛچُو سخت ٹوٗٹھ تہٕ مےٚ چھُ اِرادٕ زِ اگر یہٕ کرِ تیلہِ کرِ تمہٕ ہےٚ ستی کھاندر۔ بادشاہ تہٕ ملکہ کرےٚ یہِ سخت کوٗشش زِ یہٕ پھیرِ امہِ کوچہِ مگر یہٕ چھُس پننہِ نِس وعدس پٮ۪ٹھ ڈٔٹتھ۔ یہٕ چھُس ہمیشہِ رُت کران آمُت تہٕ پاکباز لوٗکن ستی چھُس گتھ باتھ کران۔ اَز آیس یہٕ یتھ جایہِ پوٗزا کرنہِ۔ اکہِ دوہہِ آو یوٚت اکھ پارسا شخصا تیمس یہٕ سیٹھا محبت چھُس کران تہٕ مےٚ باسیاو سُے ماسمکھ مےٚ از دُبارٕ۔ سہٕ اوس مےٚ خوش تہٕ یہِ کینژھا یہٕ منگان اُس سٕنس تہٕ اوسُم دِوان۔ اکہِ دوہہِ پرٛژھ مےٚ تس زِ یہٕ کتھہٕ کٔنٛز ہیکن ووٗنی دُبارٕ دربان سُنٛد نیٛچُو وُچھتھ یُس زن عام لوٗکن ہِنٛدِس زٕمس منز آمُت چھُ۔ تمۍ ووٚن مےٚ زِ یہٕ زانِن سہٕ لڑکہٕ تہٕ تِمس چھِ گُلالہٕ شاہ ونان تہٕ ہرگاہ یہٕ کُنہِ ہِنٛدِس ونس پٮ۪ٹھ پکہٕ تیلہِ ہیکن یہٕ سہٕ وُچھتھ تہٕ مےٚ ووٚن تس یہٕ کرِ بلکل تی یہِ ژٕ وَنہم۔ تمۍ ووٚنم "حبس تھاوِ زِتہٕ یہِ گتھ تہٕ زاٗنِ زِ بادشاہ ترٛاوِی ژٕ ےٚ اَتھ منز زبردس طلسم تہٕ باقی طریقو ٹھٔرِ۔ پتہٕ دِژ تمۍ مےٚ یہِ موختہٕ مال۔ یتھ یہِ خاصیت چھےٚ زِ تیمس یہِ لاگتھ اَسہِ تمس چھُنہٕ کانہہ جود پوران۔ یہٕ چھُسن یہِ مال لاگتھے تھاوان تہٕ اَتھ چھُس پوٗرٕ راچھ کران۔ یتھ زِ مےٚ پٔتِن مقصد پوٗرٕ سپدِ۔ تمہِ دوہہٕ گیس پتہٕ یہٕ گرٕ واپس مےٚ ووٚن گوڈنیتھے پننہِ نِس ماٗلِس تہٕ ساٗلِم یہِ مےٚ گُلالہٕ شاہَس متعلق بوٗزِتہٕ التجا کوٚر مَس زِ ژٕ ےٚ یوٗت جلد ممکن سپدی تیوٗت جلد کرِتہٕ سانہِ کھاندرُک انتظام۔ بادشاہَن ییلہِ یہِ بوٗزِ تَس گو سخت مشکل تہٕ مےٚ ووٚن زور دِتھ زِ ژٕ مےٚ سوچ ووٗنی بلکل تہٕ تمس متعلق بیٛنہِ تہٕ ییلہِ سہٕ ووٗنی عام لوٗکن منز چھُ۔ یہِ اوس تیٚتھ اکھ معاملا یمہِ کٔنٛز نہٕ سوٗنِ کھاندر ممکن اوس تکیٛازِ یہِ اوس پوٗرٕ

پٔرِستانٔک توٚہین۔ مگر ئہ أٔسس نہٕ پننہِ ہنہٕ ڈلان لہذا اگر بادشاہَن مےٚ ہٕتۍ تیز رٕسان گتھ تہٕ مےٚ تہِ دِتس یوٗرٕ تیز جواب تہٕ بڑٕ شرارتہٕ ہٕرٕ درایس محل خانہٕ منٛزٕ۔ یہِ چھےٚ میٲنٛز کہٲنی۔ اے دوستہٕ ہرگاہ ژٕ مےٚ مَدد کرنہٕ خٲطرٕ کینٛہہ کٔرِتھ ہیٚککھ۔ ییتھ زَن گلالہٕ شاہُن مےٚ کینٛہہ پٮ۪ے پتاہ میلہِ ہے تہِ کرتہٕ۔ ئہ روزٕ ہمیشہِ چانٛی شُکر گُزار۔"

یہِ اوس عجیب اتفاق! گلالہٕ شاہن وۄن أمِس زِ ئہ گُس چھُ تہٕ کورنس میوٗٹھ۔ تمہِ پڑٕ زنووسہ تہٕ أمی ہٕنٛدِس اَتھس تھپھ کٔرِتھ وۄنُن۔ مےٚ لوٚب پٮ۪ٹن ئہ محبوٗب یُس مےٚ سبٹھا کالہٕ پٮ۪ٹھہٕ رووُمت اوس۔ ئہ روزٕ وۄنی ہمیشہِ أمی سےٚ ہٕتۍ۔"

اَکھ أکی ہٕنٛدِس اَتھس تھپھ کٔرِتھ دراے تم اَمہِ ناگہٕ نِشہِ تہٕ وٲتۍ تتھ جایہِ یتہِ گُر ووہٕنی اوس۔ دۄنوَے کھٔتۍ گُرِس یُس وۄنی شانٛت اوس تہٕ دراے ییم گُرِس کھٔسِتھ أمی ہٕنٛدِ بِن مُلازِمن تہٕ باقۍ گُربن کُن ییم بادشاہَن أمِس ہٕتۍ أسی دِتۍ متہٕ تہٕ پتہٕ آے ییم گُلالہٕ شاہُن گرٕ واپس۔

اور وٲتِتھ سمکھاو گُلالہٕ شاہَن پنٛچ پھوٗل پننہِ آشنہِ۔ دۄشوَے شہزادِ آسہِ اَکھ أکِس سمکھنَس پٮ۪ٹھ خوش باسان تہٕ کینٛژَس کالَس روزٕ خوش پٲٹھۍ یکجا یوٚت تانی اکہِ دۄہہٕ (شہزادٕ ہٕنٛزٕ) گوڈنچہِ آشنہِ پنٛچ پھوٗلہِ وۄن زِ مےٚ دِیٚنٛز موختہٕ مال۔ پنٛچ پھوٗلہِ وۄنُس تہِ ہیٚکہِ نہٕ ئہ کٔرِتھ تکیا زِ یہِ چھےٚ مےٚ زوٗچ رٲچھ۔ ئہ ہیٚکہٕ نہٕ یہِ زانٛہہ ہَٹہِ منٛز کٔڈِتھ۔ گوڈنٛچ زنانہٕ روٗزس پھِری پھِری امہِ خٲطرٕ زور کران تہٕ ییژٕ ےٚ خوٗبصورت تہٕ قیمتی مال ادلہٕ بدل دِنٛک کوٚرنَس وعدٕ ہرگاہ سو أمِس یہِ کینٛژَس کالَس دِیہِ ہے۔ مگر پنٛچ پھوٗل أس پننہِ کتھہِ پٮ۪ٹھ تہٕ کوٚرنَس انکار۔ سو گیہِ نہٕ کُنہِ تہِ ہٕتۍ یہِ مال گرِ کھٔنٛجہِ دِنہٕ

خاطرٕ تیار۔ اَمہِ وجہ کٔنۍ سَپز گوڈنچ زنانہٕ ناراض تہٕ گیہِ تہٕ وۄنُن گُلالہٕ شاہَس پننہٕ لڑلیہِ هُنٛد تہٕ وۄننس ژٕ گڈھ تہٕ ہیس مال تہٕ اَمۍ کوٗرس وَعدٕ زِ ئہ کرٕ کوٗشش تہٕ کرٕ یہِ (کٲم)۔ ییٚلہِ گُلالہٕ شاہن پنٛژ پھۄلہِ مال مُنٛگ تمہِ کوٗرس گوڈنکی پأٹھۍ انکار تہٕ وۄننس زِ اَتھ منٛز چھُ میانہِ زندگیہِ هُنٛد سر۔ تہٕ یہِ چھےٚ پزٕ ژتھ خطرٕ، بمار تہٕ آزمأیشہِ نشہِ بچنک تعویز تہٕ ہرگامےٚ یہِ زنہٕ ییہِ ئہ ہیکہٕ بمار گژھتھ یا تیٚم مصیبت نتہٕ تِم توہہِ نشہِ تہٕ مرٕ۔ وۄن گوو گلالہٕ شاہَس گتہِ کرہے انکار لہذا دِژ پنٛژ پھۄلہ اَمۍ ہندٕ لولہٕ یہِ مال اُمس تہٕ اَمۍ دِژ یہِ بیٚیس زنانہِ۔

اَمہِ پتہٕ کمے کالٕ گیہِ پنٛژ پھۄل غاٗب۔ یہِ پتاہ لگتھ کوٗر گلالہٕ شاہن، تِمۍ سٔزِ گوڈنچہِ زنانہِ تہٕ تمام گرٕ بأژ و ماتم تہٕ وۄدُکھ۔ تِمو سارِوے دِژ باکہٕ "اَسہِ کیاہ کوٗر یہِ؟ اکہِ معمولی چیزٕ خاطرٕ راوٕ راَسہِ پنٛنۍ ٹأٹھ پنٛژ پھۄل۔ سوٕ کرٛاہ تابعدار اُس پننہٕ نس خانہٕ دارس! سوٕ کرٛاہ پُر خلوٗص اُس گرس منٛز!۔ سارِنے رٕکھ اُس مہربان تہٕ پزٕ ژتھ کأنسہِ اُس لول بران! افسوٗس! افسوٗس! اَسہِ کیا زِ کوٗر یہِ! سانی کٔنۍ مویہِ مأنۍ یہِ ٹأٹھ!"

پتھ روٗد گُلالہٕ شاہ تِمس اوسنہٕ دہ کھس منٛز کہنۍ تہٕ فِکرِ تران زِمےٚ کیاہ پزٕ کرُن سہ اوس راتس دوہس ودان۔ اُخرس پیو سہ ژھیٚنتھ تہٕ گوو بمار۔ اِراد کوٗرُن اَتہٕ نیرنک تہٕ تِم پوش ژھانڈنک یِمو خاطرٕ سہ گوڈٕ درٕ امُت اوس۔ بادشاہن ییٚلہِ وُچھ زِ یہِ چھُ کمزور تہٕ زأ وِیل سپدان تِمۍ مونس تہٕ دِتنس سفرٕ خاطرٕ خرچہ۔

لہذا دراو وۄنۍ گُلالہٕ شاہ تہٕ دوٚیمہِ دوہہ ووت پرستان کس بأنس پیٹھ تتھ جایہِ ییٚتہِ اَمۍ گوڈنکہِ پھِرِ پنٛژ پھۄل وُچھیہِ۔ سہ کھوٚت ہیوٚ رہیوٚ ریوٚت تانۍ سہ

أ ِکس وَتہِ پیٹھ ووت یپاٚری أکۍ پانس کُن زِ نفریوان وُچھ۔ یم أسۍ پرٚستان ِکس بٔڈِس وزیرِ ہنٛدۍ زٕ نوکر۔ وزیرَس اوسنہٕ پانس کانٛہہ شُراہ یُس أمِس پَتہٕ أمۍ ہنٛدِس مَرَس ژونگ زالہِ ہے لہٰذا اوٚنُس آشنہِ زِ ژٕ سوزُکھ کینٛہہ نفر أتھ ساٚری ہے علاقس (منٛز وۄن دِنہِ) تہٕ تِمَن دِہدایت زِ توٚہۍ أنِن تِم پانس ستۍ أ ِکس تِتھس لڑکس یَس سوآرامہٕ سان مونگتہٕ ہیکہِ رٔٹتھ۔ یم نفر پھیرۍ پٔژ بتھ انٛدٕ تہٕ دۄر دۄر تانۍ وأتۍ مگر وُنیس تانۍ اوسُکھ نہٕ یتھ کانٛہہ شخص سمکھیومُت۔ یم أسۍ وۄنۍ بوچھِ ہٕتۍ تہٕ کأفی پریشأنی منٛز مگر یم أسۍ نہٕ وزیرَس نِش ژھرِ وے اتھو گژھنک جرات کران۔ یِیلہِ یمو گلالہِ شاہ وُچھ یمَن آو گوڈنیک خیال یہِ کھمون أسۍ۔ مگر پَتہٕ یِیلہِ یہِ بٔڈ گاٹُل تہٕ ماٚرۍ موٚند وُچھکھ تہٕ یمو کوٚر رفأصلہِ زِ یہِ نِمون وزیرس نِش۔ گلالہِ شاہ آو وَرٹنہ تہٕ آو پرٚستان ِکس شہرس منٛز بٔڈِس وزیرسُند گرِ نِنہِ۔ یمو نوکرو دِیُت یہِ باس زِ یہِ چھُ أ ِکس پرٚی ہُند نیچو یوسہٕ وزیر سنٛزِ زنانہِ ہنٛزِ بینہِ أس یُد وَے زن تِمس یہِ پتھے أسنہِ۔ بوٚڈ وزیرِ، تِمۍ سنٛزِ آشنۍ تہٕ پٔژ بتھ کانٛہہ یُس گلالہِ شاہَس وُچھان اوس تِمس اوس یہِ خوش کران لہٰذا ابیوٚٹھ وۄنۍ سُہ أتھۍ گرس منٛز تہٕ پٔژ بتھ جایہِ اوس وۄنۍ أمۍ سُند (بٔڈِس وزیر) وارث زانہِ یوان۔

وزیر اوس پٔژ بتھ دوہہٕ دربارس منٛز حأضر روزان تہٕ شامس بأگی اوس سُہ دُہچہِ کامہِ ِکنۍ ژھینٛتھ تہٕ ہرِتھ گرِ واپس واتان تہٕ سُہ اوس أمِس مونگتہٕ نیچوٚس ناد دِتھ انان تہٕ أکۍ ہے ستۍ کتھا کتھا کٔرِتھ وقت گزاران۔ یتھہٕ ِکنۍ أسۍ گأنٹہٕ وادنیران۔ گلالہِ شاہ اوس أمِس دربارچ شیچھ خبر تہٕ پٔژ ژھان تہٕ بوٚڈ وزیر اوس أمِس پٔژ بتھ کینٛہہ ونان۔

أکہِ رأژ ژٕ پرۍ یژھے أ ِکس زیچھ کتھ باتھہِ منٛز وۄنس بٔڈۍ وزیرن زِ أز سِپٔد دربارس

منز سپٕدٕھے عجیب معاملہٕ تِکیازِ بادشاہ اوس پننہٕ کورِ پنچ پھولہِ سخت ناراض۔ییمہِ گُلالہٕ شاہ ناوِ کِس اکِس عام نفرس ستۍ واٹھرٕ اُس تہٕ بییہٕ کأنسہِ ستۍ کھاندر کرنس اُس انکار کران۔ سو اُس ژٕجرٕ تہٕ واریٖہس کالس اوسنہٕ تسُنْد کانْہہ بیاہ پأغام۔ مگر باشاہَن اُنی سو سپٕدٕھے کارگر جادِ ذریعہِ واپس تہٕ وۄنی اوس تَس سخت سزادِین۔ تُمۍ سُند پان اوس ہچہِ منز بدلاوِتھ سُہ اکِس باغس منز ترٕھ جایہِ تھاوُن۔ یَتھ سأری وُچھتھ ہیکہٕ ہَن۔ یُتھ زَن پرٕی یہِ کورہن۔ یتھ کینْہہ کرنس ہِن روزِ ہے۔

یہِ بوزان گو وگُلالہٕ شاہَس پنُن پان ڈنجہِ تھاوُن سپٕدٕھا مُشکِل۔ تُمۍ وۄن پانس ستۍ "گوو۔ پنچ پھۄل چھےٚ ییتۍ۔ تمہِ تہٕ تھےٚ پنٕز موختہٕ مال کڈسو آسہِ تے ساعتہٕ واپس پنُن ملک انُنہٕ آمرٕ تہٕ وۄنی چھےٚ سومیانی اَترِ کنٕز شاید سخت مصیبت وتر اوان۔ افسوٗس! افسوٗس!

چھیکرس کۆرأمۍ پَننہٕ نِین جذباتَن پیٹھ قابو تہٕ پرٕژھُن وزیرس زِ پنچ پھوٗل ہیکہِ ناکُنہِ طریقہٕ امہِ سزانٕشہِ موکلاونہٕ یتھ۔ وزیرَن وۄنُس۔ آہر گا گُلالہٕ شاہ یتھ ہیکہِ تہٕ اتھ ہچہِ پوتلس نار دِتھ سوٗرکرِتہٕ سُہ سوٗرباغس سمنٛزِس موجوٗد ناگس منٛز ترٛاوِتیلہِ ییہِ سو یَتہٕ پَننہٕ اصلی شکلہِ منٛز واپس۔

گُلالہٕ شاہَن ییلہِ یہِ بوٗزُسہٕ گو وبڈ خوش تہٕ وزیرَس الوداع کُرِتھ گو وپَننہٕ نِس کمرس منٛز۔ مگر سو گیتہِ ییہِ ہبس ہِنٛدِ رتس آسہٕ اُچھ وَژھے۔ تُمۍ سُند ذہَن اوس واریٖہہ پریشان۔ ییلہِ تُمِس یہِ پوٗرِ یقین سپُد زِ گرس منٛز ییہِ سارِنے پوٗرِ ہِنٛدِ رسہٕ وۄتھ تہٕ ووت سِر پأٹھی پنچ پھوٗلہِ ہِنٛدِس باغس منٛز۔ یہِ ہچہِ پوتُل ژھُنُن زالِتھ تہٕ سوٗر

تژ ووُن ناگس منز اٚمی تژ ووسوٚر تہٕ وُچھتو اوٕر کھٔرٕ پنٛج پھوٚل برابر تیتھے پاٹھی یِتھہٕ پاٹھی سو بالہٕ انٛدٕ کہِ ناگہٕ منٛزٕ اٚمی کھسان وُچھمٕژ اٚس۔

"میأنی ٹھاٹھی۔ میأنی پنٛنی گلالہٕ شاہن ووُنس" بہ کوتاہ کمینہٕ بنیوس پننہٕ بیوقوفی کِنی زِ ژےپیٚے یژھ ازمایش وہتراونی؟ مےٚ دِمعافی تہٕ وَنٛم زِ ژٕ تژ اوکھنہٕ مےٚ دُبارٕ زانہہ۔ یکھ اٚسی نیرو تہٕ پھیرواز اٚنی علاقن یوٚت نہٕ چاٚنس جاےٚبر ماٚلی سٕندی اتھہٕ ژےٚ تانی واتن۔"

پنٛج پھولہِ دِتُس جواب "میانہٕ ٹاٹھہِ آشہِ۔ مےٚ کوٚر مےٚ ژےٚ معاف مگر ژےٚ ستی نیرن چھُنہٕ میوٚن طاقت تِکیازِ بہٕ چھس ماٚلی سٕندِس اختیارس منز تہٕ بہٕ ہیکہٕ نہٕ پننہٕ تعویز مالہِ وراٚے تٔمس نشہِ اور یور ڈٕلتھ بہٕ یپاٚرک تہٕ پھیران آسہٕ سُہ ہیکہِ مےٚ تتہٕ پتھہٕ واپس اٚنتھ تہٕ تمہِ پتہٕ سپد میوٚن حال ژٕتمہِ کھوتہٕ تہِ ابتر۔ نیر ژٕ بہٕ چھسے ژےٚ التجا کران نہٕ واتی ژےٚ تہِ نقصان تہٕ دُعا کٔری زِ یتھ بادشاہَس مےٚ پتھ رحم ییہِ ییلہٕ سُہ یہِ بوز زِ بہٕ چھس واپس زِنٛدٕ آمٕژ کرنہٕ۔ میانہٕ سارِوے کھوتہٕ ٹاٹھہِ۔ نیر فورن تہٕ تژھِ جایہِ گژھ یوسہٕ چانہِ خاطرٕ ییمہِ کھوتہٕ محفوٗظ آسہٕ۔

گُلالہٕ شاہن ووٗن اٚمس پتہٕ تہِ سوٚرےیہِ تَس ستی سپد مُت اوس سُہ کِتھہٕ کِنی اوس اٚمس ژھانڈنہٕ خاطرٕ پھیران تہٕ ووٗنی چھُ اَمہِ مُلکہٕ کِس بڈِس وزیر سُنٛد مونگتہٕ نچوٗیُس تَس پتھ پوٗرٕ بھروسہٕ چھُ کران۔ نیران نیران دوپنس بہٕ یکے ژےٚ بیٚہٕ سمکھنہٕ تہٕ ہرگا بادشاہ ژےٚ توتہٕ بیٚہٕ سزا ایٚژھی دِیُن مےٚ نِنہِ تٔمیک علاج تہٕ واپس یِتھ کرٕ بہٕ تی۔

دۄیمہِ دوہہِ صُبحس ییٚلہِ شاہی رأ چھدروو چھ زِ پنٛج پھۄلِ چھےٚ بیٚیہِ زِندٕ گمٕژ تم گٔے تہٕ وۄنٔکھ بادشاہَس ۔ بادشاہ سپُد کأنٛی حأران تہٕ سۄ زُن تَس ناد۔ تِتھے سوبٕ وۄنٛھ کُن وأٹ تہٕ تمی وۄنُس "ژٕ ،کتھہٕ کٔنٛ آیکھ بیٚیہِ اَسہِ تفریق تُلنہِ؟ گوڈہ بٕنٛ نے ژٔے سَرُ پھ تہٕ ہُتھ جنگلس منٛز ژھانڈٕ پنٕنٛ روزَن جاے" أکی ہوو أمس أ کس اندس کُن ییٚأرۍ اَکھ گۄن، کھٕری دار جنگل اوس یتھ منٛز مختلف قِسمن ہِنٛدی وحشی درندٕ روزان أسی ۔ تہٕ یلی سپُد تہٕ ۔

تمہِ دوہہ شامَس ییٚلہِ بۄڈ وزیر گرٕ واپس آو گلالہٕ شاہَن بۄز تہٕ سأٹم تہٕ سپُد مُت اوس۔ تمی وۄن "یہِ چھُ عجیب ۔ وۄنی ہیٚکیاہ شہزادِ کینٛہہ أنِتھ؟ کِنہٕ سو روزِ وۄنی ہمیشہِ خأطرٕ اَکھ سَر پھے؟"

وزیرَن دِتُس جواب "آکھ علاج چھُ اَتھ۔ ہرگا گلالہٕ شاہ جنگل گوڈہِ تہٕ ژٔے گرٕ سنٛز اَکھ گوپھ کھَنہِ۔ یوسہٕ تیژٕ کھُج آسہِ یتھ منٛز زٕ نفر آرام سان وأتتھ ہیکن تہٕ سہٕ اَتھ گوپھِ ہِنٛدِس گٔلس تیٚتھ ژھانڈ بناوِ۔ یتھ اَکھ وأج آسہِ تہٕ اَمہِ پتہٕ ہرگاہ جنگلس منٛز پھیران پھیران یہِ آلو روزِ دِوان۔ "پنٛج پھول گلالہٕ شاہ چھُ ییٚتی" تہٕ پتہٕ گوڈہِ واپس تہٕ روزِ گوپھہِ اندرٕ کُنہِ۔ ہرگاہ یم سأری ہدایت پۄرٕ پأٹھی پالہِ پتہٕ ولہٕ پنٛج پھول یوسہٕ وۄنی کٕہٕس سَر پھ ہُتھ چھےٚ گوپھہِ گلہِ کہِ ژھانڈچہٕ وأج ،کنٛ گوپھہِ منٛز ۔ تہٕ اَتہٕ بیا کھ چیزا تہٕ یُس أمس کرُن ضروری چھُ زِ سہٕ ژٕٹہِ سرپھس تیژ جھہِ ہن یُس اَمہِ واجہِ ،کنٛ اندر واتہِ ۔ تتھ کرِ نکی نِکی پھٔلی۔ یم سۄ مبراوِ پٕڈ جبہٕ سان تہٕ پتہٕ تھاوِکھ أ کس رُمالہٕ منٛز یم اَنہِ پنٛج پھۄلہِ ہِنٛدِس باغس سمنٛز کس ناگس نِش تہٕ اَتہٕ ژٕ اوِکھ آبس۔ ہرگاہ سأٹم

بلکل تِتھے پأٹھی سَپد تیٚلہِ پنٛژ پھۄل بیٚنہِ تتہِ پرأنی ہش خۄ بصورت بٔنتھ وۄتلتھ۔ یٚیلہِ اکہِ یہِ بۄزتہِ گلالہِ شاہَس میۄل وارٕیہہ سکۄن ہیۄ۔ اَمہِ پتہٕ بیٚنہِ کٔمے کتھا باتھا کٔرتھ وۄن أمی وزیرس الوداع۔ وۄن گوونند را آلیس نہٕ بلکل کینٛہہ۔ یٚیمہِ امکان کٔنز اوس سُہ زبردست وِسان زِ سُہ ہیکہِ پننہِ لولِ واپس پننہِ صوٗژ ژمنٛزٕ أنتھ تہٕ تَس وُچھ بیٚنہِ ہُنٛد رِ ہنٛز خاہش کران۔ تِتھے تُمس فِکرِ تۄرُ زِ وزیرَتہٕ باقے سأری چھِ وۄنی مرٕ ہنٛد رِ سُہ دژ او گرِ منٛزٕ تہٕ دوت جنگل۔ تَمہِ رأژ تھأوأ أمی صرف گوپھہِ خأطرٕ جاے مُقرر کٔرتھ تہٕ پتہٕ آو واپس پننہِ نِس کمرس منٛز۔ گوپھہِ خأطرٕ اَکھ ٹھانٛڈ تہٕ تہٕ ٹھانٛڈَس بنوٗن گوٚ دتہِ۔ پتہٕ دژ او سُہ نبر تہٕ لوٗگُن پنٛژ پھۄلہِ آلو کرُن۔ پنٛژ پھۄلہِ بۄز آلو تہٕ آیہِ سَر پھہِ صوٗژ منٛزٕ ے تِتھے اورکُن یام گلالہِ شاہن واپس گوپھہِ منٛز أژھ اَتھ گۄل بند اوس کوٚ رمُت۔ پننہِ پانٛک زیادٕ پہن حصہِ بوٚ رتمہِ وُٹھی وُٹھی گوپھہِ ہنٛدِ ٹھانٛڈچہِ وأج منٛزٕ تہٕ گلالہِ شاہَن ژٹ اَتھ تیٚرشہن ییٚرشہن گوپھہِ انٛد رأسس تہٕ پتہٕ کٔرن اَتھ نِکی نِکی پیٚنٛتی۔ یٚم سوٚمبرأوِن حِصہِ سان تہٕ ٹھانٛڈس واپس دَکہِ دِتھ دراو یٚم ہیتہٕ پنٛژ پھۄلہِ ہنٛدِ باغہِ کس ناگس کُن۔ اتہٕ ترٔأوِن یٚم آبس منٛزٕ تہٕ برابر تِتھہٕ کٔنز وزیرن وۄنمُت اوٚسُس پنٛژ پھۄل گیہِ پننے پرانہِ مأرکہِ مند تہٕ ظأہر۔ گلالہِ شاہن أنی سو پانس کُن تہٕ کوٚرنس میۄٹھ۔ یٚموٚ کٔرِ وارٕیہَس کالس تہٕ لولہِ بٔرتھ کتھہِ یوٚت تانی نیٚک نیٚک گاش ہیۄ یُن ہیۄتُن تہٕ یٚمن ژھنہٕ وَن دِژِن زِ یٚمن پژ اَتہِ نیرُن۔ یٚموٚ منٛزٕ اوسنہٕ کٔہنی اَکھأ کس نِشہِ الگ یژھان گژھُن مگر چارٕ تہِ کیاہ اوسُکھ؟ گلالہِ شاہَس اوسُ یہِ وقت اَتہِ نیرتھ واپس گرِ گژھنُک نہٕ ہیکہِ ہے وزیرس أمی سِنٛدِ گرٕ نبر آسنُک پتاہ لگتھ یٚیلہِ زَن پنٛژ پھۄل اَمہِ جایہِ ڈٔلتھ

ہیکہٕ ہے نہٕ۔ سوٗ اُس بادشاہ سٕنٛدِ طلسم کِنژٕ اُتھی جایہٕ گنٛڈِتھ۔ لہٰذا اسپدی یم الگ۔

گلالہٕ شاہ گوٚ دوٗرٕ ژھٕسان وزیرٕ سُنٛد گرِ تہٕ مُشکلن ووت سُہ وقتس پیٹھ پتہٕ نس کمرس منٛز۔ یہوٗ اَکھ گاٗنٹاہیوٗ گرٕ ھتھ لگی غریب لوٗکھ پننہٕ کامہٕ پیٹھ تیاٗر کٕنہٕ یتہٕ پنٛج پھوٗل ہتھ اُس۔ تم گے اُمِس وُچھتھ سبٹھا حاٗران تہٕ گے بادشاہَس نِشہٕ تہٕ دِیتہس اَمیک اطلاع۔ ییٚلہٕ بادشاہَن یہِ خبر بوٗزٕ تمی سوٗزِ بِڈِس وزیرس ناد۔ تھ زٕتِمس سٕتی مشورٕ گرِ ہے۔ تِمس ووٚنُن "ژٕ ے چھی ناباسان زِ گلالہٕ شاہ چھُ یتہٕ اوسمت تہٕ تمی کٔر سُندے چھُ یہِ کار؟"

وزیرَن ووٚنُس درجواب "یہِ چھُ ناممکن۔ گوڈٕ یہِ زِ سُہ کتھہٕ پاٹھی ہیکہٕ یوٚت ییتھ؟ تہٕ پتہٕ چھُ سہ اَکھ عام اِنسان تَس کتھہٕ میلہٕ یوٗت طاقت؟ یہِ گرٕ ھِ کاٗنہہ واریہہ بوٚڈ اُسُن تیمس دیوتاہَن ہُنٛد اَنگریہہ آسہِ۔ لہٰذا اچھنہٕ یہِ گتھ ہنٛز لایق"

پنٛج پھول آیہٕ بیٚیہٕ بادشاہَس نِش بلاونہٕ تہٕ ووٚنی آوتَس اَکھ سونہٕ سُنٛد کیٚل بناونہٕ یُس اَمی وِزِ اُکس نوکرس یہِ ہدایت دِتھ دِتہٕ آو زِ یہِ ٹھاسوٗن گُنہٕ تَرٕ ھناوِ یوسہ بناونہٕ آسہِ یِوان نوکرن روٗٹ یہِ کیٚل تہٕ ٹھوٗکُن یہِ تہی کٕرناوِ یوسہ گوڈٕ نتھے وُچھن۔ گرٕ واٗتتھ کوٚر وزیرَن سرٕ ان تہٕ پتہٕ بلوٗن دوہدشکی پاٹھی گلالہٕ شاہ تہٕ دِتُن تَس پوٗرٕ دٕیچ خبر۔ ییٚلہٕ اُمی یہِ بوٗز زِ شہزاٗدی اُس پننہٕ شکلہِ منٛز اَنہٕ آمٕژ تہٕ پتہٕ اُمِس ووٚنی بیٚیہٕ صوٗرٕ ژبدلی کرنہٕ آمٕژ گلالہٕ شاہَن دِیُت باس زِ سُہ سپُد زبردست حاٗران۔ تمی ووٚن "یہِ چھُ عجیب زِ بادشاہَس آو خیال زِ یہٕ بناوٕ اُمِس سونہٕ سُنٛد کیٚل۔ اَدٕ ووٚن ہیکہٕ نہٕ سوزاتھہ اَمہِ صوٗرٕ ژِنِشہِ بدلِتھ۔" وزیرن ووٚنُس "ہانسا۔ بدلِتھ ہیکہٕ۔"

''مگر کتھ کٔنی؟'' گلالہِ شاہَن پرٛژھِنس

وزیرَن وٚنُس '' آیہِ وَنے۔ ہرگا گلالہِ شاہ کُنہِ پأٹھی یور واتہٕ تہٕ تتھ ناوِ کھسہِ۔ تتھ اکہِ پاسہٕ یہٕ سونہٕ سُند کیٚل لاگتھ چھُ۔ سُہ اگر تتھ کلس لبہٕ تہٕ اتہٕ کڈِتھ بناوِتھ گھتھ چوٗرِ تہٕ سے چوٗرِ تتھ ناگس منٛز تراوِیُس پنٛژ پھوٗلہِ ہِنٛدِس باغس منٛز باگ چھُ یہِ گرنہٕ یتی بنہِ پنٛژ پھوٗل برابر پننہِ شکلہِ تہٕ حُسنہٕ۔ تہٕ ہرگا سو یمہِ پھرِ تہٕ واپس پننہِ شکلہِ منٛز آیہِ تمِس پورنہٕ پتہٕ بادشاہ سُند کانٛہہ تہٕ جود۔ یہِ گژھِ پأنی پانے رَد۔''

یہِ اوس کأنی۔ اَمہِ وِزِ اوس وقت ژیریتہٕ وزیرتہٕ گلالہِ شاہ گے شوٗنگنہِ۔

ییٚلہِ گلالہِ شاہَن اَمہِ حتمی علاجُک بوٗزِتھ ہاونہٕ اتھ منٛز کُنہِ عام دلچسپی ہنٛزِ کتھِ ہُر یمانہٕ اہمیت حالانکہِ اَنٛدرِ کنی اوس سُہ تیٚتھ خوش زِ لفظن منٛز ہکوٗنہٕ وٗنی تھٔوِتھ۔ پننہِ نِس کمرس منٛز واتتھ وٚن اُمی بڈٕ''خوشی چھےٚ۔ خوشی۔ وقت ووت! بہٕ گژھہٕ بیٚیہٕ تہٕ اَنَن پنٛنِ معشوق واپس پننہِ صوٗرژ منٛز۔ یمہِ یپور کرنہٕ سخت تہٕ بدخواہ مالی ہٕندی جأدی اُمِس پیٹھ کانٛہہ تہٕ اثر۔''

وٗن گووٗ گلالہِ شاہَن گرنہٕ جلدِ ے (کأم) شروٗع۔ تمی سوٗنچ بہتر چھُ کینزٕس کالس پرٛارُن یوٚت تانی شہزادِ متعلق تمام دلچسپی تہٕ جذبات ختم سپدَن۔ سُہ روٗد کینژَن رتبن صبرِ سان پرٛارن تہٕ پتہٕ وٚنُن اکہِ دوہہِ وزیرس زنانہِ زمےٚ دِتہٕ اجازت بہٕ گژھہِ ہا کینژَن ترٛھَن جایَن یوٚت گژھنک مےٚ سخت شوق چھُ تہٕ بیٚیہٕ ہیتہٕ اَمہِ سفرخاطرِ وزیرس تہٕ اجازت۔ اُمی وٚنُس پتہٕ زِ بہٕ چھُس وٚنی تیوٚت بوٗڈ زِ بہٕ ہیکہٕ

پَتُن خیال تھاؤتھ تہٕ بہٕ چھُس نہٕ صرف تمہٕ ملکن ہُند بوزُن یژھان یمن متعلق وزیر
یعنے مالکہ مے واریہہ کینٛہہ وونمت چھُ۔ وزیر سٕنٛز زنانہٕ سپٕز اُمس جوانس منٛز یہ جوش
وُچھتھ سبٹھا خوش مگر تہٕ گُرتھ تہٕ لوگ تمہٕ اجازت دِنس منٛز دۄ ژُرے تکیازِ یمو منٛز
واریہن جاین ہنٛز وتھ اُس انتہائی خطرناک تہٕ اور واتنس منٛز اُسی واریہہ نہٕ وتھرٕنی
لایق مشکلات خاص گٔرتھ تمس یُس اُکی ہٕنٛدِس مونگتہٕ نیچوی ہٕنٛدی پٲٹھی خانہٕ ماجرٕ سان
رَچھنہٕ آسہٕ آمُت۔ گلالہٕ شاہ گوو اُکی ہٕنٛدِس جوابس پیٹھ احترام رٔچھتھ تہٕ ناراض۔
پانس کاڈہیوٗ کڈِتھ وۄنُس اُکی زور دِتھ "کیاہ۔ میانٛی موج۔ بڈِس وزیر ہٕنٛدِس نیچوِس
پزیا مشکلن تہٕ تکلیفن کُن نظر گرتھ پوٚت ہیوٚن؟ مے ہِوس جوانس گوھہِ تیلہِ پانس
پیٹھ افسوٗس آسُن۔ تیلہِ چھنا مے تمہٕ بڑ وٕنٛھے مرُن بہتر زِ یمہٕ یپور ہرگاہ بیتہٕ بڈ تہٕ
طاقتہٕ والہِ مُلکُک بوڈ وزیر پنٛچ کوٗشش گرِ یہ زن میوٚن مول تہٕ یژھان چھُ۔ میانٛی
موج، ژٕ مَہ کھوٚژ بلکہ دِمے گوھنہٕ۔ وۄن گوو ہرگا ژٕ ے کانٛہہ طلسم چھی نہٕ منگے بہٕ
تیلہِ تتھ زِ فضوٗلس منٛز پیہہ نہٕ مے کانٛہہ سختی وتھراوٕنی۔"

نیچوی ہٕنٛدِ اَمہِ مُد برانہٕ جوابہ ستۍ میچ وزیر سٕنٛز آشنہٕ ہمت تہٕ دِتٕنس نیرنک
اجازت تہٕ بیہہ دِژنس پننۍ مہر دار واُج تہٕ وۄننس "یہ واُج ہاوِکھ زِ تمہٕ وِزنارس کُن
یمہٕ وِزِ کانٛہہ مُشکل بُتھہ تیٚی تہٕ زِ جن گژھن حاضر یتھ تم ژٕ ے امہِ منٛز کڈنہٕ خاطرٕ مدد
کرنے" امہِ دِژ اُمس امہِ سفرٕ باپتھ خرچہ خاطرٕ کافی روپیہ تہٕ۔ وزیرن تہٕ یِیلہِ
زنانہِ نشہِ پننہٕ نِس نیچوی سٕنٛز مُہم جوٗیی تہٕ ژھوٚنڈ ژھانڈ دِنچہ تیاریہ متعلق بوٗز نہٕ گو وخوش
تہٕ پننہِ طرفہٕ تہٕ دِتٕنس اجازت۔

یہ چھُ اندازٕ ے زِگلالہٕ شاہ دزٕاوِیٕت پلُس تیٕت جلد۔ کینژٕس کالس سفر کرنہٕ پتہٕ ووت سُہ تتھ جایہِ ییٚتہِ سُہ تتھ ناوِ کھوٚت۔ تتھ یہ سونہٕ سُنٛد کیُل لاٛ گتھ اوس۔ یُدوٕ ے یہ کیُل واریہہ گوٚلمُت تہِ اوس تہٕ تتھ بجہ کرِژھایہِ اوس گوٚمُت یوسہٕ ناوِ اکہِ انٛدٕ اِر ورلاٛ گتھ اُس تہِ اُستھ تہِ کوٚڈ یہِ اُمی سنٛزٕ وتیز نظر ووَنہِ۔ گلالہٕ شاہَن کوٚرنہٕ یہ ظاہر زِ یہ کُس چھُس تہٕ ناوِ ہنٛدِس مالکس وۄنُن زِ مےٚ رَٹھ تہِ ناوِ موٚہنیٕو۔ اُمی مونُس تہٕ کیٚہ کالی اوس گلالہٕ شاہ تتھ ہٕ کنہٕ ناوِ لمان زنتہٕ تُمی پوٚرٕ واٹُسہِ یوٚہے کار اوس کوٚرمُت۔ تہٕ تھ ہٕ کنہٕ رودسُہ کینژٕن ہفتن یِی کران یوٚت تانی اکہِ دوہہٕ اُمی پنہٕ نِس مالکس وۄن زِ مےٚ ژٕ چھ راتھ کیٚنتھ جواب۔ خوابس منٛزٕ وُچھم زِ نفریوان تہٕ نار سوٕ ستی ناوِ ژٕ کُس گوٚد کران یوٚت تانی یہ پھُٹِتھ آیہِ۔ اُمی وۄنُس یتہٕ "مےٚ چھُ خوابن ہُنٛد تعبیر تہِ تگان وُچھن۔ چاٛنی تُمی تانی دُشمن چھُ اَتتھ جوٗ تھوومُت تہٕ ہرگاسُہ جوٗداُتی رۄدسُہ پھاٹناوِ ناوِ" ناوِ ہنٛدی مالِکن ییلہِ یہ بوٗزسُہ کھوٗژ واریہہ تہٕ تُمی وۄن گلالہٕ شاہَس زِ ژٕ کرتہٕ کوٗشش یُتھ یہ جوٗدلبِتھ کڈہَن۔ گُلالہٕ شاہن وۄنُس زِ یہ چھےٚ بڈٕ مُشکل کام تہِ کرِتھ تہِ کرِ بہ کوٗشش مگر ژٕ ے چھی یہ وعدٕ کوٚرُن زِ ینہٕ ژٕ اَمیک کانٛسہِ کینٛہہ وَنکھ۔ مالکن کوٚرُس وعدٕ۔ پتہٕ گوو گلالہٕ شاہ اُکس ترٛ ژھِ جایہِ ییٚتہِ نہٕ کانٛہہ اوس تہٕ زوٗلُن نار تہٕ تتھے اَتھ ریہہ ژٕ تھ تہٕ تُمی ہاوٕ وزیر سٕنز زنانہِ ہنٛز موہرِ واٛج اَتھ کُن۔ فورَن گےٚ زِ جن حاضر یم تہٕ کرنہٕ خاطرٕ تیار اُسی یہ سُہ یمَن وَنہِ ہے۔ گلالہٕ شاہَن وۄن یمَن ناوزِ مینس پتھ اَننہٕ خاطرٕ۔ تموکوٚ ریٚ تہِ گلالہٕ شاہَن کوٚڈ اَمہِ منٛزٕ سونہٕ سُنٛد کیُل اَمہِ پتہٕ دِتُن جِنَن حُکم زِ ناو واٛلیٕن واپس آبس منٛزٕ۔ سُہ دزٕاو تہٕ بِرٕ پاٛٹھی ہوٚون یہ سونہٕ سُنٛد کیُل

مألکس ۔ یہِ دُچھتھ گووناوِ ہُنْد مألکِ سبٹھا حأران تہٕ خدایس کُن کوٗرُن شُکر زِ تتہِ چھامےٚ سۆزتھن یتھ نوکر۔ گلالہٕ شاہن رۆٹ کِنیل پانسے نِش تہٕ کم ہے کالس اندر دِتُن مألکس یہِ بھروسہٕ زِ ناوروزِ وۆنی ٹھیک تہٕ کینژ کالہٕ خأطرٕ منجنس چھٹی یوسہٕ أمس فورَن دِنہٕ آیہٕ ۔ اَمہِ پتہٕ آوسہٕ موہرِ واجہِ ہنْدِ مَدتہٕ پَنہٕ نس مونگتہٕ مألس یعنے بڈس وزیرِ سُنْد گرٕ واپس ۔ یہِ اوس دربارُک وقت تہٕ اَمہِ کنْزُ اُس اَمہِ وِزِ صرف وزیرٕ سٕنز زنانہٕ اَتہِ تیمہِ تَس لولہٕ ہَرِژ ماجہِ ہنْدی پأٹھی استقبال کوٗر ۔ اَمہِ پتہٕ کِہے کأل آو وزیرِ گرٕ تہٕ پتہٕ سَپُد اَتہِ شأدیانہٕ ۔ پۆرٕ شہرس تہٕ اُس اَتھ منٛز دلچسپی باسان تہٕ گلالہٕ شاہنی، تِمی ہنْدِ بن کا زنامن تہٕ تِمی ہنْدِ بن مُشکلن تہٕ تکلیفن ہنْز یَمن پیٹھ اُمی موہرِ واجہِ ہنْدِ کنْزُ قابو اوس پرٕ وومُت ذکر اُس لوٗکن ہنْد بن وُٹھن پیٹھ ۔

اکہِ دوہہِ دوٗہی گِہہ گلالہٕ شاہن سونہٕ سُنْد کِنیل تہٕ بنوونس زاویل چوٗرِیُس تِمی پنٛج پھوٗلہِ ہنْدِس باغس سمبنْزس موٗجوٗ دناگس منٛز تژ وو۔ تِتھے اُمی یہِ کوٗر تہٕ بِییہٕ بنیہٕ پنٛج پھوٗل تہٕ آیہِ ناگہٕ منٛز شہر ۔ تِمو دونویو گری اَکھا کِس میٹھِ تہٕ کرِبکہِ دِژ کھ تکیاً زِ یم أسی پانہٕ وأنی بییہٕ سمکھنہٕ کنْز سبٹھا خوش ۔ تِمو وۆن اَکھا کِس تہِ سألم یہِ تِمو پتِمہِ ملاقاتہٕ پتہٕ سۆرمُت اوس تہٕ پنٛج پھوٗلہِ وۆن زِ سوہیکہِ وۆنی اُمس ہتی کُن تہٕ گرٕ ھتھ یوٗت یہِ ییژ ھِ تہٕ یہِ ہدایت دِیُتنس زِ ژِ پزارتوٗت تانی بیتی یوٗت تانی بہٕ پننہٕ گُتھِ منٛز واپس پھیرتھ یِیے (یوٗت نہٕ اُمی ہنْدِ اَتہِ نیرنہٕ پتہٕ کانہہ تہٕ ژامُت اوس) تہٕ تتہِ تِم تہٕ تِتھی لال جوٗاہرتہٕ پلو وَلوانہٕ یم اَسہِ وَتہٕ ضرورت لگن ۔ گلالہٕ شاہن موٗنس تہٕ پنٛج پھوٗل گیہٕ تہٕ جلدِ ے آیہٕ سبٹھاہ موٗللی لال جوٗاہرتہٕ پلو ہیتھ واپس ۔

اَمہِ پَتہٕ دژا ے یم دونوَ ے پرستانہٕ منزٕ پَتہٕ نس سفرس پتھ ۔ کُنہِ تھکہٕ وَکہ رؤ ستے رؤ دی یم تیز تیز سبٹھا دۄرتانی پکان یوت تانی یم أکس ناگس پپٹھ وأتی یتھ شیشہِ ہیژٕ صاف آب اوس ۔ اَتہِ ٹھہرے یم رَژھ کھنجہٕ تہٕ کھیؤ کھمن ۔ پانہٕ وأنی کتھ باتھ کران وۄن گُلالہٕ شاہَن پنچ پھۄلہِ زِمے چھے تَمو پوشو منزٕ کینہہ پوش حاصِل کرنچ خاہِش یم سمندر بٹھس پپٹھ موجوٗ دأکس خاص باغس منز وو پدٕ یمتی چھِ ۔ أمی وۄن أمس زِ اَتھ باغس منز چھِ باہ ساس پوشہِ کُلی ۔ یم سأری کُلی چھِ اکہِ پری شہزادِرُدی ہتی تہٕ پزٕ بتھ کانہہ کُل چھُ باہ باہ ساس روپین ہندِ مولک ۔ یہِ بوٗ زِتھ وۄنس پنچ پھولہِ زِ سو ہیکہِ أمی ہنزٕ یہِ خاہِش پوٗرٕ کرِتھ تہٕ اکھُتے بیِیہِ تہٕ کانہہ یَژھ یوسہٕ تَس آسہِ ۔ (تمہِ وۄنُس ) مگر یم پوش ہکہِ چانہٕ خأطرٕ ہے یأژ أنتھ تکیا زِبیتہِ یم پوش وو پدان چھِ تمہِ پرستانچ شہزأدی چھنہٕ اَزتانی کأنسہِ مَردن وُچھمژ تہٕ اَمہِ کُنز وُچھی نہٕ ژے تہٕ سو ۔

کینژن دوہَن اورِ یور پھیرنہٕ پَتہٕ وأتی یم اَتھ عجأیِب باغس نکھہٕ سوٗ درٕ بٹھس نِش ۔ اَتہِ روٗٹ یمَو اَکھ جہاز کرایس پپٹھ یُس اَتہِ ٹھہرِتھ اوس تہٕ یانی اَتھ جہازَس منز تمہِ رأژ ہٹھی پنچ پھوٗلہِ دِژ گُلالہٕ شاہَس اَکھ خوٗ بصورت موختہٕ مال تہٕ وۄننس زِژ گرٕ ھ فورَن تہٕ یہِ تھاوُن جہازَس أکس طرفس کُن الگ کمرس منز ژأنگی گاشس الأنو ۔ یِتہِ وۄننس زِژ روٗزی زِپانہٕ تہِ تِتھی کمرس منز ۔ امیک اَکھ رُت (نتیجہِ) آسہِ یہِ زِ یہِ کرنہٕ ستی گژھَن بیِیہِ تہِ وارِیہہ خوٗبصورت موختہٕ مالہٕ حاصِل ۔ گُلالہٕ شاہن کوٗرتی یہِ اَمہِ وۄنُس ۔

أتھی منزو پنچ پھوٗلہِ مرد ا رخت تہٕ بنیہِ خانہٕ دارسُند نوکر ۔ اَمہِ پَتہٕ

دِیُت تَمہِ حُکم زِ جہاز پکنٲوِیُن پری شہزادِ ہِندِس بانس نکھہٕ۔ اَوٕ تتھ ییٚلہِ یِم وٲتۍ تہٕ
شہزادِہِندی نوکر آے تہٕ وُنہکھ زِ جہاز کَڑِ وِیمہِ جایہِ تِکیازِ شہزٲدی چھےٚ یژھان زِ
یَتھ جایہِ گژھہِ بلکل خاموشی آسٕنۍ تہٕ یورِ کُن گژھہِ نہٕ کانٛہہ تہٕ یُن یہ چھُ تسُند ے لہذا
گژھہِ نہٕ لیاٚرۍ سوٚدرِ بُٹھی کِنۍ کانٛہہ تہٕ پکُن۔ مگر جہازُک مٲلک گلالہٕ شاہ تہٕ تسُند نقلی
نوکر روٗدۍ اَتھی پیٹھ ڈٔٹتھ زِ اَز اَسۍ روزِ وٲتی تہٕ وُنہکھ زِ اَسہِ چھِ جہازَس منٛز سبٹھا
قیمتی چیز تہٕ ژوٗرن ہِندِ خوفہٕ ٹھٔہر ووٲسہِ تَوے یَتھ جایہِ جہاز۔ وُنی ہرگا توٚہۍ ژٕو زِییٚتہٕ
نیرِ وتیٚلہِ گژھہِ بادشاہ اَسہِ یہ وعدٕ کرُن زِ ہرگا ژوٗرن ہِندِ یاتھے ہوٚکنہٕ وجہ کِنۍ اَسہِ کانٛہہ
نقصان سَپدِ سُہ پرُ دِسہ تِکیازِ ہرگا اَسۍ بدل کُنہ جایہِ گژھوتیٚلہِ ییٚن تم ضرور۔ بادشاہَن
ییٚلہ یہ بوٗز تہٕ تٔمۍ دِیُت یمن اَتھ راتس ٹھہرنک اجازت۔

پگہہ صُبحس کیٚتھ تُجہ پنٛچ پھوٗلِ کیٚنٛہہ موختہٕ مالہٕ یِمہٕ گوڈے وَننہٕ آمتہٕ طریقہٕ کِنۍ
حاصل آسہِ سپز مژٕ تہٕ تمہٕ تھاوِ بن شہزادِہِندِ باغہٕ کِس طرفہٕ نَنہٕ۔ اَتھی منٛز وژھہٕ شہزادِ
ہِنٛزٕ نوکرانہٕ آبَس کُن سرٛان کرنہٕ۔ یتھےٚ تمو پنٛچ پھوٗل وُچھ تہٕ پرژھہس ژکوسہٕ چھکھ
تمہِ وُن یمن زِ یہٕ چھس اَکِس دولتمند باپاری ہنٛزٕ نوکریُس جہازس منٛز چھُ۔ سُہ چھُ
پیٹھی رُت تہٕ اَمِس چھِ واریاہ بڈی خزانہٕ خاص کٔرتھ کیٚنٛہہ موختہٕ مالہٕ یِمہٕ زن
پژنہٕ پوٗرِ دُنیاہَس منٛز سارِوے کھوتہٕ قیمتی تہٕ خوٗبصورت چھےٚ ییٚلہِ نوکرانو یہ بوٗز قدرتی کتھا
چھےٚ تمن گیہ یِم بارِ خزانہٕ وُچھنٛچ خاہش تہٕ پنٛچ پھوٗل تہٕ اُس یمن یِم ہاونہٕ خاطرِ تیار۔
یِم خوبصورت موختہٕ وُچھتھ گیہ یمہٕ سبٹھاہ حأران تہٕ پنٛچ پھوٗلہِ وُنکھ زِ ژٕ دِتہٕ اَسہِ یمہٕ
پژنہٕ شاہی مٲلکنہٕ ہاونہٕ خاطرِ ہِنٛک اجازت۔ یتہٕ مون اَمہِ فورَن۔ شہزادِ گیہ یمہٕ تیژ

خوش زِ سوٲس نہٕ یمہٕ ترٛاونہِ یژھان بلکہِ وۄن تمہِ پنہٕ نٮ۪ن نوکرانٮ۪ن زِ توٚہۍ کرِو یُہند قیمت معلوم تہٕ اکھتےٚ أنو بیٚیہ کینٛہہ یژھےٚ ۔ تیٚمۍ یپژٕ سوداگر دِتھ ہیکہٕ ۔ یٮ۪لہِ وۄنۍ باتےٚ تہِ واژٕ یہِ اوس اَکھ انبارا۔ شہزادِ کوٚر اِرادٕ زِ یہٕ وُچھن یہِ باپاری تِکیاہ زِ تمہِ سوٚنچ زِ ''یمس یپژۍ قیمتی چیز آسن سہٕ گژھہِ واریاہ بوٚڈ موٚہنیُو آسُن ۔ لہذا کوٚر تمہِ پوٚرِ پرٛدٕ تہٕ گٔیہ جہازس کُن ۔ اوٚت وأتتھ پرٛژھن پنٛج پھوٗلہِ، یوسہٕ نوکر ٲستھ اُس زِ چاےنس مالکہٕ سُنٛد کمرٕ کتہٕ چھُ تِکیاہ زِ یہٕ چھس یانہٕ تمس ستۍ تمن موٚختہٕ (مالن) ہُنٛد قیمت طے یژھان کرُن یمہٕ مےٚ ژارِ۔ پنٛج پھوٗلہِ تہِ اُس یہے وومید مگر سوٲس نہٕ اَتھ معاملس منٛز کانٛہہ خاص دلچسپی ہاوٕنۍ یژھان لہذا اووٚنُن شہزادِ ژٕ ہیککھ نہٕ باپارِس نِشہِ اَژِتھ تِکیاہ زِ سہٕ چھُ چلس یٮ۪مہِ کنہٕ نہٕ سہٕ کانٛسہِ زنانہِ سمکھِتھ یا کتھ کرِتھ ہیکہٕ ۔

شہزادِ ووٚنُس ''مگر یہٕ کیاہ زِ ہیکہٕ نہٕ باپارِس سمکھِتھ ۔ یہٕ چھس رٕژ زنانہٕ تہٕ کانٛہہ وو پرٛمرد چھُم نہٕ زانہہ تہٕ وُچھمُت ۔ مےٚ چھُ یقین زِ میانہِ اوراژنہٕ ستۍ گژھہِ نہٕ کانٛہہ بےحُرمتی''۔ پنٛج پھوٗلہِ ووٚنُس ''سہٕ سمکھی نہٕ ژےٚ ۔ ہرگاہ ژٕ تمۍ سِنٛدِس کمرس منٛز نِمتھ سہٕ گژھہِ ناراض ۔ سہٕ ہاوی نہٕ ژےٚ ہرگز پان ۔''

یہِ بوٗزِتھ دژ ایہِ شہزادِ زیادٕے گل زِ یہٕ وُچھن یہِ عجیب شخص ۔ تمہِ ووٚنُس اچھاہ یہٕ گژھ کُنی ژٕنۍ تہٕ ژےٚ چھےٚ نہٕ تچ کانٛہہ ذمہِ دأری۔ پنٛج پھوٗلہِ ووٚنُس نہٕ کہنہٕ تہٕ شہزأدی گٔیہ کُنی ژٕنۍ تہٕ کوٚرُن سوداگرٕ سِنٛدِس دروازس ٹھک ٹھک ۔ تمۍ کھوٗل نہٕ درواز بلکہِ دِژُن أندرٕ رےٚ جواب ''یہٕ چھس نہٕ کانٛسہِ ازاٲنۍ زنانہِ کُن وُچھان لہذا ہیککھ نہٕ ژٕ اندر أژِتھ ۔''

مگر شہزادِ بوٗزس نہٕ یہِ "کیاز" "تمہِ وۄنُس" مے چھٕنہٕ اَزتانی کانٛسہِ وو پرمَرد سُنٛد بُتھ وُچھمُت۔ یُہ چھُس اَکھ رٕژ زنانہٕ۔ مے دِ اندراَژنہٕ۔ یُہ چھُس رٕژ زنانہٕ تہٕ ژٕ یہِ ستی چھُس کھاندر یژھان کرُن۔ یہے چھےٚ میانی خاہِش تہٕ اَسی کیاز ہمکوٚنہٕ اَکھ اَکس وُچھتھ؟

تیتھہٕ کٔنی زور کرِتھ مژ روو سوداگرن درواز تہٕ سمکھی یم تہٕ گوڈنچے نظر گوکھ محبت۔ یموکرِ وار یہَس کالس پانہٕ وأنی گتھہٕ تہٕ باپأرکی باوی اَمس سأری موٗللی چیز۔ پتہٕ درٛایہِ شہزادی اَمس ازأنی سوداگر سُنٛد سبٹھا محبت تہٕ اَمی ہنٛدِ بڈِ تہٕ بارٕ خزانچ حأرانگی ہیتھ۔ تیتھے سومحل خانس منٛز وأژ تمہِ وۄن بادشاہَس زِ سوکتہِ اَس تہٕ اَتہِ کیاہ وُچھن تہٕ اَمس کتھہٕ کٔنی گو واَمس شخصہِ سُنٛد محبت تہٕ وۄنی اَس اَمس شخصس ستی کھاندر یژھان کرُن۔

اَکھ شفیق تہٕ رُت مول آسنہٕ کٔنی کوٗرس مأنی وعدٕ زِ یُہ وُچھن یہِ نفرتہٕ اَمہِ مقصدٕ گو وۄدۄیمہِ دوہہِ ضُبحس جہازس پیٹھ۔ یلہِ اَمی یہِ سوداگر وُچھ۔ یہِ کوٗتاہ خوش یوٗن چھُ، یُتھ خوش گفتار چھُ تہٕ امہِ علاوٕ یوٗت گاٹل چھُ۔ اَمی تہٕ کوٗر پانس ستی یہِ قبوٗل تہٕ گرِ وأتتھ وۄنُن کورِ تہِ یہِ۔ شہزادِ ہنٛزِ خوٗشی اوسنہٕ حدٕ ے کانٛہہ۔ سو اَس بے تأبی سان اَتھ دوہَس پژاران تہٕ شہرس منٛز تہِ اَس اَمہِ نزدیک ینہٕ والہِ کھاندرٕ کہِ خیالہِ بے تأبی۔ کھاندر آو سبٹھاہ شاندار طریقہٕ کرنہٕ یہِ زَن پرستان کٔس بادشاہ ہنٛدِ رُتبہٕ تہٕ دولژ حسابہٕ شوٗبہٕ ہے۔

کینژس کالس روٗد گلالہٕ شاہ اَتی محل خانس منٛز تہٕ پژأون سبٹھا خوشحألی۔

وۄں گوٚوُنہٕ اوسنہٕ پۆرٕ پأٹھۍ مطمئن لہذا اوۄن أمۍ اکہِ دوہہٕ شہزادِ پانس متعلق سأرِ کینہہ۔ سُہ کیاہ زِ اوس اور آمُت تہٕ سُہ کیاہ زِ اوس یِم پوش حاصل یژھان کرٕنۍ تہٕ واپس پٔنُن وطن گژھُن یژھان۔ شہزادِ وۄن تیتھے پأٹھۍ یہِ بادشاہَس تہٕ موٚنگنس اجازت زِ ئہ نمہٕ ہایم باہ ساس پوشہِ گُلۍ تہٕ گژھہ ہاخانہٕ دارس ستۍ۔ بادشاہَن کوٚرُس اقرار۔ امی ساعتہٕ پیٹھہٕ ہرژِن نیرنہٕ خأطرٕ تیأریہِ شروٗع سپدنہِ۔ باہن ساسَن پوشہِ گُلَن ہِنٛدِ خأطرٕ آیہِ باہ ساس بگہِ تیار کرنہٕ تہٕ سُہ خزانہٕ ژلنہٕ تہٕ سارنہٕ خأطرٕ تہٕ آوا انتظام کرنہٕ یُس یِمَن بادشاہَن دِیُت۔ اَکھ سیٹھا بوٚڈ فوج تہٕ ہُسۍ تہٕ آیہِ اَتھ شاندار جورِ آیتن تھاونہٕ۔ أخر تہٕ ووت روخصت سپدنک وقت۔ یہِ اوس سیٹھہٕ ہے دوکھ ہوٚت موقہٕ تہٕ کیاہ زِ یِم دوشوے اَسی سارِنے ہِنٛدی ٹأٹھۍ۔

یِم گۓ گوڈٕ تیتھ مُلکس یتہِ گُلالہٕ شاہَس گوڈنچ زنانہٕ میچ۔ بادشاہ سپُد أمِس وُچھِتھ سیٹھا خوش تہٕ دِیُتنس روزنہٕ خأطرٕ اَکھ شاندار مکانہٕ تہٕ ییٚہ تہٕ سأرِ یہِ أمِس ضروٗرت اوس۔ گُلالہٕ شاہ روٗد کینژَس کالس اَتہ تہٕ پتہٕ ییٚہ تحفہٕ ہیتھ دژاواتہِ۔ اَمہِ پتہٕ دژاے یِم گُلالہٕ شاہنہِ پننہِ مُلکہِ کِس طرفس۔ یہِ اوس اَکھ سیٹھا زیوٗٹھ تہٕ کریوٗٹھ سفر مگر سأری وأتۍ ٹھیک پأٹھۍ شہرٕ کِس قلایس نِش تہٕ أتی تژ ووٗکھ ڈیرٕ تِکیاہ زِ یِموٗ سوٗنچ زِ اچانک پیٹۍ لوٗکھ (یِم ساسہ بُدی اَسۍ تہٕ اَمہِ علاوٕ ہُسۍ، گُرۍ تہٕ باقے جانور تہٕ یِمَن ستۍ اَسۍ) اور واتنہٕ ستۍ گژھہِ لوٗکَن تکلیف۔ ییلہِ یہنٛدِ اوٗت واتنچ خبرٕ محل خانس منز واژ بادشاہ کھوٗژ سیٹھا تہٕ سوٗزن پننہٕ نِس بُڈِس وزیرَس تہٕ باقے صلاح کارن نادیتھ تِمن پرٛژھہ ہے زِ مےٚ کیاہ پزِ أمِس بادشاہَس خوش کرنہٕ خأطرٕ کرُن یُس اور وأتتھ چھُ

پیوٚمُت تِکیاز یِتھہٕ کنٕز اُمی وۄنن زِ "یقیٖن چھُ یُتھ بوٚڑ تہٕ طاقتور بادشاہ یور صرف جنگ کرنہٕ خاطرے آمُت"۔

بُڈی وزیرن کوٚر ماملس پیٹھ پوٚر سونچ تہٕ پتہٕ وۄننن "اے بادشاہ، سون عرض چھُ زِ توٚہی سوٗزیوٗن پننِ خوبصورت کوٗرِ تہٕ سوے گرِانٕج سبیل۔ بنان چھُ یہِ بوڈ بارٕ بادشاہ سپد اُمی سندِ حسنک شیدا اُیی تہٕ یِتھہٕ کنٕز بچواُسی"۔

بادشاہن وۄنُس درجواب "افسوٗس! افسوٗس! مےٚ چھنہ گوڈے تَس شخص پننِ کوٗر نیتری دِنٕچ زیو دِژمٕژ یُس پوشہِ گُلی انِنس منٛز کامیاب سپد۔ اَمہِ ہریمانہٕ کوٚرنا میانہِ کورِ کتہِ پھرِ یتھ کتھِ انکار زِ سو گرِنہٕ کانٛسہِ تِی کھاندر بامے سہ کوتاہ تہِ بوٚڑ تہٕ دانا اُسی تَن ماسوایہِ تمِس شخص"۔

یِتھہِ پاٹھی اوس بادشاہ تہٕ تمی سندی صلاح کار اُتھی مشورس تِی آوٚرکۍ زِ گلالہٕ شاہن تیٚمی راتس ڈیرٕ اوس ترٛوومُت کُڈی پننِ تھد پایکی تہٕ شہزادِ پکوتہٕ لاگن بچھونی سندی ہوی زچہِ پکوتہٕ ژاوباہ ساس پوشہِ گُلی ہیتھ شہرس منٛز۔ بگہِ چلاوَن والین دِتُن حُکم زِ توٚہی واتِو سیوٚدے محل خانس نِش تہٕ پانہٕ دژاوییمن بروٗنہے۔ اوٗت واتِتھ سوٗزن دربانس اتھہِ بادشاہس شیچھ تہٕ وۄننس "پنہٕ نِس مالِکس یعنے بادشاہس وَن زِ مےٚ دیوحُکم (زِمےٚ کیاہ چھُ کرُن) یہٕ چھس پرستان کِس بادشاہ سندِ باغکی خوبصورت پوشہِ گُلی ہیتھ آمُت"۔

عجیب چھُ یتہٕ زِیہِ شیچھ آیہِ تمہِ وِزِ واتناونہٕ یِیمہِ وِزِ بادشاہ تہٕ امیر یمن پوشن ہنٛز کتھ اُسی کران! مگر واتٕ ژ۔ یِیلہِ بادشاہن یہِ کتھ بوٗزتس بیوٗٹھنہٕ دربانہٕ سُند وَنُن

بلکہِ سوٗچُن یہِ چھُ پاگل گوٗمُت ۔ وزیرتہٕ باقٕے بٔڈۍ عہدٕ داریم اَتہِ اٲسۍ تِمَو تہٕ سوٗنچ زِ یہِ کَتہِ ہیکہِ پوٗز اٲسِتھ ۔ وۄں گو وبادشاہَن وۄنُس مذاقہٕ پٲٹھۍ گژھ اَنُن سُہ اندر ۔ اُتھی منٛز پیوٚ گلالہٕ شاہ وٲتِتھ یَس جنٛدٕ اٲسۍ نالۍ مگر خوٚبصورت پوٗشن ہُند سُہ نموٗنہٕ اوٚسُس ءِ ستۍ یَتھ شہزادِ تہٕ شاہی خاندان کیوٚ نفر وسبٹھا تعریف اٲسۍ کرِی ءِ متۍ ۔ یہِ اوس پوٗز زِ تِم پوٗش اٲسۍ وٲتۍ ءِ متۍ یِہنٛز سبٹھاہ کالہٕ پیٹھہٕ خاہش اٲس سپدان مگر یم اَنِن وول اوس بظاہر سبٹھاہ پَتھ پایہِ ذٲژ ہُند ۔ اَکھ موٚکُر جنٛدٕ فقیر ! بادشاہَن رٔٹ پٔنٕنۍ ہوٚنگنۍ دوٚ چھنٛس اَتھس منٛز تہٕ نظر تھاوِن قالینس پیٹھ ۔ یتھٕ ءِ کٔنۍ روٗ دکینژ ن منٛٹن بلکل ژھوپہ کرِتھ ۔ تِمۍ سوٗنچ ''یہوے چھا سُہ نفریَس مے پٔنٕنۍ کوٗر رچھے دِنۍ ؟ اَمِس نفرس تہِ کَتہِ آسہِ یژھہٕ کَتھہٕ وہمہٕ گمانس منٛز ۔ ئہ دِمہٕ اَمِس بوٚ ڈبارٕ انعاماتہٕ دَپِس گژھ ۔''

دُبارٕ ہیوٚرکُن وُچھِتھ پرٛژھنَس ''دوستا۔ وَن سا ژٕے کیاہ گژھی آسُن ۔ ژٕ بَنہٕ کھا مُلکُک اَکھ بارٕ وزیر کِنہٕ سبٹھا دولت گژھی آسنۍ ۔ ژٕ وَن تہٕ ژٕے تیٚی تہِ دِنہٕ ۔''

بیچھہِ وِنی دِتُس جواب ''بادشاہ سلامت ناراض گژھی زیوم نہٕ ۔ مےٚ گژھہِ صرف تُہنٛز کوٗر نیٚترٛی ۔ تَس مقابلہٕ چھےٚ مےٚ سارے دولت تہٕ روتبہٕ سبٹھا کم پایہِ باسان ۔ مےٚ چھُ عرض توٚہی کٔرِو مےٚ ءِ ستۍ پٔنُن وعدٕ پوٗرٕ ۔''

بادشاہَن وۄنُس درجواب ''یہِ ژٕ ونان چھکھ تہٕ چھُ چوٗن حق تہٕ ئہ ہیکہٕ نہٕ ژٕے ءِ ستۍ کوٗرِ رمُت یہِ وعدٕ پھُٹرٕ اوِتھ تہٕ اَتھ انکار کرِتھ ۔ گژھ بَن میٲنۍ کوٗر ۔ سوٚ چھےٚ چانۍ ۔''

بیٚیہِ بارٕ سامہٕ وۄلَتہٕ حاضر تہٕ پانہٕ گلالہٕ شاہَن یمہٕ کَتھہٕ بوٗزِ یم سپدۍ

بادشاہ سُنْدِ عاٗلی ظرفی ۔کٔنی سبٕٹھاہ حاٗران ۔تہٕ کیاژِ یہِ اٗس نہٕ کاںٛہہ بڈ کتھ ٲسِس بٔلکہِ وَنوتی باسہِ ہے پژ بتھ اٗ ۔کس ٹھیک تہٕ زِ ہرگا بادشاہ اُمِس ہیٚچھ وٕنی سُنٛز یہِ خاہش مانہِ ہے تبٕہ۔

گلالہٕ شاہَس آونوکرن ستی دِتھ اٗ ۔کس بڈِس مکانس منٛز گوھنہٕ تہٕ تتہٕ کینٛژن دوہَن تتہٕ روزنہٕ خاطرٕ وَننہٕ یوٚت تانی تِمَس خاطرٕ مُناسِب پکو دٔلوتیار یِہن کرنہٕ تہٕ بیٚیہ کھاندرٕ باپتھ باقٕے انتظام تہٕ کرنہٕ یِہَن ۔یہِ کرنہٕ پتہٕ تھوو بادشاہَن تہٕ درباروٕ بیٚیہ صلاح مشورٕ جاٗری زِ یِمَن مشکل حالاتَن منٛز کیاہ پییہِ تَس ووپرٕ طاقتور حکمرانن نسبت کرنہٕ تیٚمی شہرٕچہِ قلایہِ نیٚبرٕ کُنہِ ڈیرٕ اوس تر وومُت ۔تموٕگرواریٚہَس کالس پانہٕ وٲنی گتھ باتھ مگر تم واٲتی نہٕ کُنہِ تیٚمِس پیٹھ تہٕ بادشاہَن کوٚر دربارَن یہِ وٕنتھ روخصت زِ یہِ گژھہٕ صرف پٔنٛن وزیر ہیٚتھ اُمِس بادشاہَس نِش تہٕ پرٛژھَس یورِ ینک مقصد۔یِہوے گاٗنٹا ہیوٗ گژھِتھ اٗسی ووٗنی بادشاہ تہٕ تَنٛد وزیر کینٛژَن مُلازِمن ستی ہیٚتھ تشویش برٕتی شہرٕ نیٚبر تتھ جایہِ کُن پکان ییٚتہِ یہِ بوٚڈ ڈھکانہٕ اوس لاگنہٕ آمُت ۔یِم اٗسی شاہی نفر آسنہٕ کھوتہٕ زیادٕ زاٗ یِر باسان۔

اٗتھی منٛز اوس گلالہٕ شاہ پنٛنہٕ نِبن ستی دِنہٕ آمتین مُلازِمن بےپے پاٗٹھی اتہٕ تر اونس تہٕ پنٛنہٕ نِس خمس منٛز واتنس منٛز کامیاب سپٕدمُت تہٕ اُسن دُبارٕ پکو بدلاٗوِی مِتی ۔بادشاہن تہٕ وزیرَن ییٚلہِ تَس ستی خاٗرپاٗٹھ کوٚر تہٕ تِموٕ پرٛژِ نووٕے نہٕ سہ ۔یِمَن آو رٕتی پاٗٹھی استقبال کرنہٕ ،اورٕ یورآیہِ ڈالہِ دِنہٕ تہٕ عزتہٕ سان یِم دوٕنوٕے بِہناونہٕ۔گلالہٕ شاہَن تُل مُلکس تہٕ اتہِ کین لوٗکَن متعلق کتھہٕ باتھِ دَس ۔پتہٕ پرٛژھُس بادشاہَن زِ ژٕ

کتہ پیٹھ تہٕ کیاہ کرنہٕ چھکھ آمُت ؟ اَمہٕ پتہٕ ووٚنُس گُلالہٕ شاہن پانس متعلق تہٕ ووٚنس سُہ کتھہٕ کنۍ اوس ییٚمہِ غرضہٕ آمُت زِ سُہ منگہِ (بادشاہس) کوٚر نیتھری۔

بادشاہن ووٚنُس درجواب "افسوٚس، صد افسوٚس۔ مےٚ چھُ گوڈے اَکِس بیچھوٚنس پنٕنۍ کوٚر دِنک وعدٕ کوٚرمُت تِکیاز تِمس ستۍ اوس یہِ لفظ سپُدمُت۔ ہرگاہ یہِ آسہِ ہے نہٕ تیٚلہِ اوسنہٕ میانہِ خاطرٕ ژےٚ کھوتہٕ کانٛہہ بہتر۔ مےٚ پیٹھ کر رحم۔ تہٕ بہٕ چھسے ژےٚ سو دِلہٕ زِ ژےٚ چھسے بہٕ یہِ گتھ مغموٗم دِلہٕ ونان۔"

گُلالہٕ شاہَن ووٚنُس "سبٕحاہ نیک۔ سبٕحاہ پزٕ یور بادشاہ۔ ژےٚ کوٚر رُتھ جان۔ لفظ پھِرُن نہٕ کھوتہٕ چھُ بہتر پنُن زُو، پنُن مُلک، پنُن سورُے کینٛہہ دِیُن۔ کاش دنیاہکۍ ساری حکمران آسہن ژےٚ ہوی۔ تیٚلہِ آسہ ہَن لوٗکھ زیادٕ خوش۔ زمینہِ پیٹھ آسہِ ہے زیادٕ جائی تہٕ امن۔ خدایَن چھُنکھ ژٕ یاپر جاہ کوٚرمُت اے بادشاہ تہٕ سُے گری ژےٚ بیٚیہِ تہِ بجاہ۔ صرف روز پننہٕ ہِمن وعدن پابند تہٕ لوٗگن خاطرٕ روز کوٗشش کران۔ بیٚیہِ بوزِ پتہٕ زِ تیٚمس بیچھہٕ ونی سٕنزٕ ژٕ وُنی گتھ اوسکھ کران سُہ چھُنہٕ بدل کانٛہہ بلکہِ چھُس بٕے۔ تہٕ بہٕ چھُس سُے لڑکہٕ تیٚمس ساری لوٗکھ گُرٕ یاٗسۍ وَنان یُسنٛد مول کانٛہہ وارث آسنہٕ ورأے مو یاو ییٚمہِ کنۍ تسنٛد سورُے جاداد تہٕ دولت شاہی خزانس برنہٕ آیے یہِ۔ تہٕ ییٚمہِ کِس نتیجس منز میأنۍ موج اَکِس زمیندارس نش موہنوی لازی اُس کران۔ خدایَن کوٚر مےٚ چارٕ تہٕ سبٕحا ترقی گرٕنم۔ مےٚ سمکھ چوٗنے اَکھ نفر تیٚمۍ مےٚ چانہِ خاہشہِ ہُند ووٚن۔ سبٕحا سفر کرنہٕ پتہٕ ییٚمہِ کنۍ مےٚ علم حاصل کوٚر، بہٕ امیر تہٕ بوٚڈ موہنیوٗ بنیاس آس بہٕ چانس مُلکس واپس تہٕ تم پوشہِ گُلۍ اَنم پانس ستۍ۔ مےٚ

دۆپ گوڈ یمہٕ بہٕ اَکس بچھ وِنی ہِندی ہوی پلولاّ گتھ تم ہتھ ژٕ نِش یتھ زَن بہٕ چاٮ۪نس وعدٕ وفا کرنس ازمایش کرٕ۔ ژٕ ڈِتھ تہٕ ثابت کرِتھ۔ بہٕ چھُس درخاس کران مے دی زِ معافی ہرگامہ اَتھ معاملس منز کانہہ غلطی آسہِ کرمژ تہٕ مے دِن پننی کوٗر نیتھری۔ "یمہِ گتھہٕ وَنِتھ کراَی بادشاہٕ ہِند بن اَتھن تھپھ تہٕ پانس لرِ بِہنووُن عزتہٕ رکس مسندس۔

ییلہِ بادشاہَن یہِ رژ خبر بوٗزُ سہ چھُنہٕ وبڑان کُنہٕ۔ "شُکر خدایس کُن" تمی وۆن زورٕ تہٕ رۆٹُن گُلالہٕ شاہ لولہٕ سان چیرٕ نالہٕ مَتہٕ۔" بے شک۔ بہٕ دِمہٕ نۍ ژٕ پننی کوٗر۔ مگر بہٕ کُس چھُس ژٕ یہِ وعدٕ دِنہٕ وول؟۔ ژٕ یہِ کینژھا خوش گژھی تہٕ یہِ میانِس اختیارَس منز چھُ تہٕ چھُ چونۍ۔"

امہِ مُلاقاتہ پتہٕ آیہِ امی وِزِ شہزادِ واتناونہٕ یَس نہٕ یہِ توت تاتی بِہانہٕ اوس یوٗت تاتی گُلالہٕ شاہ پانہٕ آو تہٕ تَس یہِ وۆنُن۔ مُقررو وقتس پیٹھ آو سبٹھہٕ دھوم دھام سان کھاندر کرنہٕ۔ گُلالہٕ شاہ رۆد اَتھی مُلکس منز تہٕ پننہٕ نبن ژورَن شہزادِ آشنین ستی اوس خوش پاٹھی روزان۔ پنج پھوٗل اَس وۆنی وارِیہہ کالہٕ پیٹھہٕ پننہٕ شکلہِ منز آمژ۔ سُہ بنیاو انتہایی مقبوٗل تہٕ سبٹھہٕ پاپرجاہ تہٕ کینہہ وُہری بنیاو بادشاہٕ سِندِ گُزرنہٕ پتہٕ بادشاہ۔ باقی مُلک کرِن جلدٕ ے فتح تہٕ پزتھ کانہہ چیز آو تمہِ ہونرِ اِنصافہٕ سان کرنہٕ زِ گُلالہٕ شاہ بنیاو تمَن دوہَن ہُند سارِوے کھوتہٕ بوڈ بادشاہ۔ ساری مُلک اَسی تَس اطاعت تہٕ ساری لۆکھ احترام کران۔

کینژہہ ما آسن سوچان زِ گُلالہٕ شاہَس ماگے بوڈ موہنیوٗ بنتھ پننی موج تہٕ رشتہٕ

دأری مُشتھ سو چھنہٕ گتھ۔ تٕمی أنی سو ژھانٛڈِتھ تہٕ دِیتنس روزنہٕ خأطرٕ اَکھ خوٗبصورت مکانہٕ تہٕ بییہٕ تھاوی نس وارِیہہ نوکر۔ تٕمی أنی تم تہِ ژھانٛڈِتھ یِمو أمِس مصیبت کٔمن دوہن کٔنہِ تہِ رنگہٕ اتھہٕ روٗٹ اوس کوٚرمُت تہٕ تٕمن دِتن بٔڈی بٔڈی عوہدٕ۔ یِتھہٕ کٔنی اوس سُہ زندگی گُزاران۔ سارِنٕے ستی انصاف، رٕژر تہٕ لول ورتاوان۔

یِتھہٕ کٔنی بنٛیاوُس سُہ سٔبتھے زیادٕ مقبول! توے تہِ بنٛیاوأمی سُند ملک سٔبتھاہ بوٚڈ تہٕ طاقتور، تہٕ پَتہٕ ییلہِ سٔبتھاوأنس کٔڈِتھ سُہ گُزرٕیاو تہٕ سارِوٕے لُکو امیرو کھوغریبو، بُڈ وکھو لوکٹو کوٚر وارِیہہ زیادٕ ماتم، یِیمہِ کٔنی آسمان تانی پھٹنس آو۔

(راوی۔ شِو بایو۔ رٕنی وور سرینگر)



---

۱۔ مُقامی طور سلطنُو ہِندِس نظامَس منٛز اوس دوار پتی اَکھ اہم تھوٚد منصب دار آسان تٕمس أس وارِیہہ چلنی آسان۔ یَتھ حدس تانی زِ کأنٛسہِ تہِ شخصس بادشاہ۔ س سمکھنک یا نہ سمکھنہٕ دِنک اختیار اوس تٔسی تامتھ۔ یِمو شخصو کنِنگھمنی "ہسٹری آف دَ سِکھس (History of the Sikhs) پٕرٕ ہٕز آسہِ تٕمن آسہِ ژیتِس زِ رنجیت سِنگھ نِس دوار پتی دھیان سنگھس کوتاہ زیادٕ اثر ورسوخ اوس۔ یِیمہِ کٔنی تٕمی پننہٕ نِس خاندانس سٔبتھا سوچھ واتنوو۔ پَتہٕ بنٛیاو دھیان سنگھ اَکھ راجہ تہٕ پٕرٕژھ مِچس حُکمرانی۔

۲۔ اَتھ گِندنس اوس بنٛیا کھ ناو "دُسہُل" تہٕ کٔشیرِ منٛز اوس مقبوٗل۔ اَتھ أسی عام پأٹھی ژور شُپرِ گندان۔ اَتھ منٛز آسہٕ ژورلو کچہٕ لورِأنٛنہٕ یِوان یِمَن اکہِ لٔنٛدٕ دبل اوس ٹُلنہٕ یِوان۔ شُر بو منٛزٕ اوس گوڈٕ کانٛہہ اَکھ یِمَن دوٗرٕ گٔن لایان۔ ہرگا یِمہٕ ژونوے دبلہٕ داراٛند پیٛہن تیٛلہِ اوس سُہ بادشاہ ژارِہہِ، ہرگا ... اَتھ منٛز کامیاب ... تیٛلہِ أسی تم اکہِ اکہِ وارِ وارٕ توت تانی

لوربن گش گش کڈان روزان یِتھ تانی کانہہ اَکھ اَتھ منز کامیاب سپد ہے۔ پتہٕ اوس دوٚیم وزیر آسان ژارُن۔ وزیر اوس سہٕ شُر بناونہٕ یِوان ییٚمِس لوربن گش کڈتھ ژور ونز اَکھ دبلہٕ دار لٔنڈ ہیوٚ رگن روٗ زِتھ تہٕ باقے ترٛے دبل ٹُلتھ لٔنڈ پیٹھ گن روٗ زِتھ پیہن۔ اَمہٕ پتہٕ اوس اَکِس ژوٗر ربٔتن آسان۔ تہٕ ژوٗر اوس سہٕ شُر بنان ییٚمِس ژٕ لورِ چھلتھ لٔنڈ یوٗن گن تہٕ ژٕ چھلنے لٔنڈ ہیوٚ رگن پیٚہن۔ اَخرس اوس ''ساد'' یعنے دیانت دار شخص تہٕ ژارنہٕ یِوان۔ اَمہٕ خاطرٕ اوس سہٕ شُر ژارنہٕ یِوان یَس ترٛے لور چھلنے لٔنڈ ہیوٚ رگن روٗ زِتھ پیٚہن۔ وۄنی زن پیٚہن ژونوے چھلنے اند ہیوٚ رگن روٗ زِتھ تیلہٕ اوس یہٕ شُر نوٚسرِ لوربن گش کڈان۔ بادشاہ، وزیر، ژوٗر تہٕ ساد مُقر رسپدتھ اوس باقاعدٕ پاٹھی گنڈُن شروٗع سپدان۔

ژوٗرس اوس وزیر بادشاہس برٛونٹھہ گن انان تہٕ ونان ''بادشاہ سلامت! دُزد آمد''

مطلب ''بادشاہ سلامت۔ ییکیاہ چھُ ژوٗر۔''

بادشاہ اوسُس اورٕ ونان ''اُو کجا آمد'' مطلب ''سہٕ کتہٕ پیٹھہٕ آو''۔ پتہٕ اوس وزیر پوٗرٕ دلیل ونان۔ تہٕ ژوٗرس اوس سزا بولنہٕ یِوان تہٕ یِتھ ہے اوس رِگند نک ساریوے کھوتہٕ مزٕ دار حصہٕ بنان۔

''بدہد انگالی بنگالی ٹاپ'' بادشاہ اوس ونان ''دِیوٚس انگالی بنگالی ٹاپھ'' تہٕ وزیر اوس ژوٗرس پتہٕ رِکنی لٔتھ کڈان۔ نتہٕ اوس بادشاہ ونان ''بوٹنہٕ اُنس ہوٗن بدل'' یعنے لد اخن تہٕ اَمِس بدل اَنُن تتہٕ ہوٗن'' وزیر اوس قِدس دوٗر یہن نوان تہٕ پتہٕ کَنِس تھپھ کرِتھ تِمس اورٕ واپس انان تہٕ قِدی اوس ہوٗنی ہندی پاٹھی وو پھراے کران۔ نتہٕ اوس بادشاہ ونان ''پِندرِ تل کڈیوس'' اَمہٕ مطابق اوس وزیر پننہٕ نٔبٹھہٕ کہ نمہٕ ستی زٕ ہنز اَنڈ رِمہٕ لٔنڈ کھونہٕ ؤتہٕ کہ ولٕنہٕ پیٹھہٕ ہُرٛس تانی رکھ ہش دِوان تہٕ پتہٕ اوسُس پننہٕ دوٚچھنہٕ اتھہٕ چوددیواوٗنگجو ستی زورٕ سان اَتھ رکھہٕ پیٹھ ٹاس ترٛ اوان۔ یہٕ سزا اوس باقیو سزاہو کھوتہٕ تکلیف دِیہہ آسان۔ گویا تتھہٕ کنی اَکی بییہٕ تہٕ باقے طرٕ یقن ہندی سزا بولنہٕ یِوان۔ ییٚمن خاطرٕ مخصوٗص جُملہٕ تہٕ یِمو مطابق سزا عملاونہٕ اَکی یِوان۔



# گاڑِ کیٛا زِاوٗس؟

گاڑِ واجنیٛا اَکھ دزٲیہِ اکہِ دوہہِ محل خانہٕ کُنۍ تہٕ اَس ہٕگھ دِوان زٕمٲکٲنۍ دزٲیہِ اکہِ دارِ کِنۍ تہٕ ہووُنس نکھہٕ پنہٕ خاطرٕ اِشارٕ یتھ زِ سو ہاوِ ہے تَس کیٛاہ اوس (کُنن) امی وِزِ تۄج اکہِ بچہِ گاڑِ پھتہِ کہِ ژکہِ پیٛٹھہٕ ہیوٚر کٔن ووٚتھ۔

مٲلکانہٕ پرٛژھس "یہِ چھانٛر کِنہٕ مادٕ۔ بٔ چھس مادٕ گاڑینٛز یژھان۔"

یہِ بُۆ زِتھ تڑ ووگاڑِ ٹھاہ ٹھاہ کران اُسن۔

گاڑٕ واجنہِ ووٚنس "یہِ چھےٚ نَر" تہٕ دزٲیہِ گاڑٕ کِنہٕ۔

مٲلکانۍ ژلیہِ بڈِ شرارتہٕ ۂژ پنہٕ نس کمرس منز واپس تہٕ شامَس ییٚلہِ بادشاہ تَس سمکھنہٕ آو تہٕ تَس تورٕ فکرٕ زِ یہِ چھےٚ کمہِ تانۍ وجہ کِنۍ اوٚری نہٕ یُوری۔

تمی ووٚنس "(ژےٚ چھیا خاںٛرٕ ے؟) بیمار ما چھکھ؟

"نہٕ" ۔ مگر مےٚ چھُ اَکس گاڑٕ ہنٛدِس عجیب رٕ وییٚس پیٛٹھ سخت پھیٛنٹان۔

اکہِ زنانہٕ أنۍ ازٕ اَکھ گاڑ تہٕ ییٚلہِ مےٚ تَس پرٛژھ زِ یہِ چھانٛر کِنہٕ مادٕ تہٕ گاڑِ تڑ ووکو پاٹھی تہٕ بےپاٹھی اُسن۔"

''گاڈِ تر وواُسن !ناممکن! ژٕ نے آسی خاب وُچھمُت۔''

''ئہ کیاہ چاَر چھسا؟ ئہ چھس تی ونان یہ مے یموچشمو وُچھ تہٕ پنہٕ نبو کنو بوٗز۔''

''اگر یہ چھُ تیلہِ چھُ یہ بڈٕ عجیب۔ ئہ گرٕ اَتھ متعلق دریافت۔''

صُبحس وۄن بادشاہَن تی پنہٕ نِس وزیرس یہ تَس پنٕنہِ آشنہِ وۄنمُت اوس تہٕ وۄننس ژٕ گژھ تہٕ اَتھ معاملس کرتحقیقات شُمن رتبن اندراندرأئی زِ اَتھ جواب نتہٕ چھی قتل سَپدِ ن۔ وزیرَن وۄنُس زِ ئہ گرٕ پوٗرِ پوٗرکوٗشش حالانکہ تس باسیاوپوٗرِ پاٗٹھی زِئہ سَپدِ ناکام۔ پاژن رتبن گرٕ تُمی تھکہِ روٗس محنت زِ ئہ گرِ ہے گاڈِ ہنٕز اسنگ وجہ معلوٗم۔ سُہ گو وہر جایہ ہرکاُنسہِ نِش۔ داناہن تہٕ عاَلمن نِش، تِمن نِشہِ یم طلسمس تہٕ پرٕ بتھ قسمچہِ ژھل باَزی منز ماَہر اَسی تہٕ پرٕ ژھُن تِمن۔ مگر کاُنسہِ اَکِ ہیچ نہٕ اَتھ معاملس وضاحت کٔرِتھ لہٰذا آو سُہ دِل پھٕٹتھ واپس گرٕ تہٕ لاٗ گن پنٕن یقینی موت تظرِ تل تھاَوِتھ پنٕنی معاملہِ سنبھالنی تِکیاز اُمِس اوس پنہٕ نِس بادشاہ سُند یہ پوٗرٕ تجربہِ زِ سُہ چھُنہِ پنٕنہِ دھمکیہِ نِشہِ پوٚت ہوان۔ باقے چیز وعلاوٕ وۄن اُمی پنہٕ نِس نیچوس زِ ژٕ نیر تانی گُنہِ گُن سفرس یوٚت تانی زَن بادشاہ سُند شرارت ہناہمہِ۔

یہ نوجوان یُس چالاک تہِ تہٕ خوبصورت تہِ اوس دراوتور گُن یوٚت تُمس قسمت نیہِ ہے۔ تِمس اَسی وۄنی دژ امتِس کینٕہہ دوہٕ گمتی زِ اُمِس سمکھیاو اَکھ بڈٕ گرٕ یوٗستا یُس کتھہِ تانی گامس گُن دژ امُت اوس۔ یہ بڈٕ دلچسپ وُچھتھ پرٕ ژھُس اُمی زِ اَسی ہکو ایکجا پکِتھ تہٕ باس دِیتُنس زِ اُمِس تہِ اوس اوٗری گژھُن۔ اُمی بڈٕ گرٕ پسی موٗنس تہٕ

چھِ تم یکو وٹہٕ پکان۔ گرم اوس کأنی تہٕ سفر زیوٗ ٹھ تہٕ کریوٗٹھ۔

نو جوانَن وۄنُس ''ژٕ ے چھی ناباسان زِ یہِ گژھہِ زیادٕ جان ہرگاہ ژٕ تہٕ بہٕ اَکھ أکِس پانہٕ وأنی منزٕ منزٕ تُلہٕ تژ اواگرِ و۔''

أمی بُڈٕ گرٕ ہسی سوٗنچ زِ ''یہِ کوتاہ بیوقوف شخص چھُ۔''

أتھی منز دژ اے یِم اکہِ مکایہٕ ڈارٕ کنٕ یُس لوٗنس ووتمُت اوس تہٕ اوس واوٕ گژ ایوٕ ستِ اورٕ یورٕ سپدنہٕ ستِ سوٗنہٕ سُند سمندر اہیوٗ باسان۔

جوانَن وۄنُس ''یہِ چھا کھیتھ کِنہٕ نہٕ؟''

بُڈِس توٗرنہٕ أمی سُند وَنُن فکرِ تہٕ وۄننس ''مےٚ چھُنہٕ پتاہ۔''

اَمہِ پتہٕ کہِ کألی وأتی یِم زٕ سفر کرن وألی أکِس بُڈِس گامَس منز یتہٕ أمی نوجوانَن پَنہٕ نِس ستِ وأرِس اَکھ شژ اکہٕ پۆچ دِیُت تہٕ وۄننس ''یاراژنہٕ یہِ تہٕ اَن گری ژٕ مگر یادتھاوتھ أمی زِ یہِ واپس تِکیا زِ یہِ چھُ وارِیہہ قیمتی۔''

یہِ بُڈٕ اوس وۄنی کینژھا ژکھہِ ہوٚت تہٕ کینژھا مزٕ میٹھتھ ہیوٗ وُچھان تہٕ شژ اکہٕ پچِس واپس دکہٕ دِتھ پانسے ستِ کیا ہتانی ونان زِ یا تہٕ چھُ أمی سُند یہِ ساٗتھی ڈوٗلمُت نَتہٕ چھُ مےٚ بیوقوف بناونچ کوٗشش کران۔ نو جوانَن زنتہٕ یہِ بوٗزٕ ے نہٕ تہٕ روٗدتوٚت تانی الہِ پَلہٕ ژھوپے کٔرتھ یوٚت تانی یِم شہرس منز وأتی یِمہِ پتہٕ کہِ دوٗر أمِس بُڈٕ گرٕ ہسی سُند گراوس۔ تِم دژ اے بازرٕ کنٕ تہٕ وأتی مسجدِ منز مگر کأنسہِ أکی نہٕ کر یِمَن سلامے تہٕ نہٕ وۄننکھ اندر اَژِو تہٕ دَم ہیوٗ دِیو۔

نو جوانَن وۄن احاأنی سالَس ''کوٗتاہ بۆڈ قبرستان!''

یہِ بُڈ چھُ سوچان "اُمِس کیاہ چھُ وَنُن۔ یہِ چھُ تِہُندِس آبادی وٲلِس شہرِس قبرستان ونان۔"

شہرِ نیرِتھ اُس یہنز وَتھ اکِہ قبرستانَس کِنۍ یِیتہٕ کینٛہہ نفر اَکِس قبرِ پیٹھ فاتح اُسی پران تہٕ لیاری پکوٚنٛمن اُسی پَنہٕ نِس اُمِس مورِ دِ ہِندِ ناو ژوچہِ تہٕ گُلچہِ بٲگران۔ یمو ہووِیَمن دوٗن وَتہٕ پکوٚنٛمن تہِ اِشارِ تہٕ یَمَن تہِ دِژکھ تیٚژ ژوچہِ تہٕ گُلچہِ ییٚژ تم دِوان اُسی۔

"یہِ کوتاہ عالی شان شہر اچھُ!" اُمی جوانن ووٚن۔

"آ۔ یہِ نفر گوٚھ ہِیُزی پٲٹھی پاگل آسُن۔" یہِ بُڈ موٚنیوٚ چھُ سوچان "یہِ چھس حٲران یہِ کیاہ وَنہِ بڑ وِنٛتھ کُن؟ یہِ وَنہِ زمینس کول تہٕ کولہِ زمین۔ یِیتہٕ اَنہٕ گوٚٹ آسہِ تِتھ وَنہِ گاش تہٕ یِیتہِ گاش آسہِ تِتہِ وَنہِ انہِ گوٚٹ" ووٚن گووأی تھأواندرٕ رے یہِ گتھ۔

ووٚنی اوس یَمَن اکِہ کولہِ منزی ترٛن یوسہٕ قبرستان کہِ ڈُنڈ ڈُنڈ پکان اُس۔ یہِ اُس سَنی پہن لہٰذا کوٚڈ اُمی بُڈ گرٕہسی پَتَن کھوربانہٕ پأجامہٕ تہٕ توٚراپور مگر یہِ نوجوان توٚر کھوربانہٕ تہٕ پأجامہٕ لاگرتھی۔ بُڈن ووٚن پانسے سِتی "یُزی کِنۍ چھنہٕ مے اَز تانی یِتھ کانٛہہ بیقلاوٚ چھمُت۔ قولہِ کِنۍ تہِ تہٕ فعلہِ کِنۍ تہِ۔"

تہٕ گرِتھ تہِ گووأمِس یہِ نوجوان خوش تہٕ یہِ زانِتھ زِ اُمی ہِندِ سِتی گژھہِ اُمی ہِنزِ زنانہٕ تہٕ کورِ خوش گفا امہِ کِنۍ ووٚنُس وولہِ یوٚت تانی ژٕ رے گامَس منز ٹھہرُن چھی توٚت تانی روزسانہٕ۔

جوانن دِتُس جواب "سبٹھا سبٹھا شکریہ۔ مگر مےٚ وَن گوڈٕ یہِ زِ ژٕ رے چھیا مکانس نٔری کوٚٹ دوٗرٕ رے" بُڈ گرٕہسی ترٛووِیہ اُتی تہٕ ژاواسان اسان گرٕ۔

اَتہِ (گرِکین) جواب سلاما گرِتھ وۆنُن دۄہتھ کھہس منٛز چھُ اَکھ نفرا۔ سُہ اوس مےٚ ستہِ واریہس منٛزِلس پکان تہٕ مےٚ ونیامس تٔمِس کالس یتھ گامس منٛز روزُن پھیٚ تیتِس کالس روزیٚتی (اَسہِ نِش)

مگر یہِ چھُ تیتھ بیوقوف زِ مےٚ ٹرنہٕ اَکھ سۆزا کھ کتھ تہِ فِکرِ۔ دپان چھم مےٚ وَن یتھ مکانس چھائرِ کۆٹ دۆرے یہِ گوٚہ پاگل آسُن!" یہِ وَنِتھ ترٛووٲی بۆڈ اَسُن کھنگالا۔

"ببا" گرٛہسی سۆزِ کورِ وۆن یوسہٕ سبٹھے تیز تہٕ داناأس "یہِ نفر، یُس چھُ تہٕ سُہ پھنہٕ بیوقوف یہِ زَن ژےٚ باسان چھی۔ تٔمِس اوسےٚ ژےٚ یہِ پرٛژھُن زِ ژٕ ہیکہٕ ہنا سُہ کھیاُ وِتھ چاُوِتھ تہٕ گرِ ئٹِتھ۔"

گرٛہسی وۆنُس درجواب "اَچھا۔ پرٛزی کٔنی۔ مےٚ تۆر فِکرِ۔ آ۔ تیلہِ ہیکہٕ ژٕ مےٚ تٔمی سۆزِ باتھ کتھہِ تہِ سمجھنس منٛز مدد گرِتھ۔ أسی ییٚلہِ پانہٕ وٲنی گتھ أسی کران تٔمی وۆن زِیاتُل ژٕ مےٚ نتہٕ تُلتھ ئہ ژٕ تِکیازِ تَس چھُ باسان زِ اَمہِ ستہٕ پییہِ سفر کرنس زیادٕ مُزٕ۔"

کورِ وۆنُس "ئے وَنے۔ تٔمی سُند مقصد اوس زِ توہہِ منٛز وَنہِ اَکھا دٔلیل یتھ زَن وَقتُک پَیی روزنہٕ۔"

"او۔ ٹھیک ہے چھُ۔ أسی أسی اَکہِ مکایہِ ڈارِ کٔنی پکان تہٕ پرٛژھنم یہِ چھا کھبتھ کِنہٕ نہٕ۔"

"ببا۔ ژےٚ اوسےٚ نا امیک مطلب پتاہ؟ سُہ اوس ییتے زانُن یژھان زِ أمس

نفرس (زمینہٕ وأٔلِس) چھا قرضہٕ کِنہٕ نہٕ۔ تِکیاز زہرگا زمینہٕ وأٔلِس قرضہٕ آسہِ تیٖلہِ اوس تٔسنٛدِ خاطرٕ یِہ فصل تیتھےٚ یُس تٔمۍ گوڈے کھیوٚمُت اوس گویا یہِ ولتہِ ہے وۄنۍ سیوٚ دٕ ے تٔمن نِش یِمن نِشہِ أمۍ ووزُم اوس تُلمُت۔"

"آ۔آ۔آ۔ پَزِ کَرُن۔ تہٕ پتہٕ أکِس گامَس منٛز وأتِتھ دۄپ مےٚ تٔمۍ کٔریہٕ نہٕ شرٛاکہٕ پچ تہٕ اَن اَمہِ ستۍ گرِی زِ تہٕ پتہٕ أنۍ زِمےٚ شرٛاکہٕ پچ واپس۔"

"زِ دَرِلورِ چھنا تیتھےٚ کَنٛز وَتہِ پکن وأٔلِس مَدد کران یِتھہٕ کنٛز زِ گُری کٔرِتھ ہیکَن؟ تٔمۍ وۄنُے ژٕ ے پیٖتےٚ زِلورِ زِ اَن ژٕ ٹِتھ تہٕ خیال تھأوِو زِ یتھنہٕ شرٛاکہٕ پچ راوی۔"

"توٚ رُم ہے فِکرٕ" گرٕ یسِ وۄن "یێلہِ أسۍ شہرٕ منٛزی پکان أسۍ تہٕ اَسہِ سَمکھ نہٕ کانٛہہ تہِ زأنۍ کاراتہٕ کأنٛسہ أکھ تہٕ دِیُت نہٕ اَسہِ کینٛہہ کھیٚنہٕ خأطرٕ تہٕ یوٚت تانۍ أسۍ أکِس قبرستانس نِش وأتۍ مگر اَتہِ کوٚرکینٛژٕ ونفروأسہِ آلو تہٕ دِتِکھ اَسہِ گُلچہٕ تہٕ ژوچہٕ اَتھَن منٛز تہٕ میأنۍ أمۍ سأتھِین وۄن توٚے شہرَس قبرستان تہٕ قبرستانس شہر۔"

"ببا۔ یِہ گَتھ تہٕ چھےٚ سوچنٕ لایق زِ انسان چھُ شہرس متعلق یِہ سوچان زِ یِہ چھےٚ رٛتژ ھ جاے یێتہٕ پزٕ بتھ کانٛہہ چیز میلہِ تہٕ یم لۄکھ نہٕ خأطر زانَن تِم چھِ تیتھی تہٕ تھی موردٕ چھِ آسان۔ شہرس منٛز یِدوَ ے لۄکہٕ ارساتھاتہِ اوس مگر تہنٛدِ خأطرٕ أسۍ تِم سأری مۄ دی ہتۍ یێلہِ زَن قبرستانس منٛز یێتہٕ موردٕ ے موردٕ أسۍ تہِ گرہو تہوہہ مہربان دوستو سلام تہٕ بیٖنہٕ دِژ ہوژوٚ ٹ تہٕ۔"

حأران سپدٕ تِمۍ مأکی وۄنُس "پوٚز چھُ۔ پوٚز چھُ۔ تہٕ وُنۍ یێلہِ أسۍ کولہِ تران

مأ لکنہِ نِشہِ تہٕ تتھہٕ کنٕز أمی بوٗز۔ تتھہٕ کنٕز آیہٕ أمی ہنٛز ژۄ ررٹنہٕ تہٕ آس سخت سزا دِنہٕ۔ اَمہِ پَتہٕ کِہے کاکُر آو یہِ نوجوان أمِس بُڈ گریسی تِس ہتی۔ أمِس آو جان خاطر کرنہٕ تہٕ پزٕ ہتھ رنگہٕ آو أمِس ہتی تیُتھ ورتاو کرنہٕ یتھ زِیہِ کانٛسہِ بُڈِس موٗہنوی سُند نیٛچو آسہِ ہے حالانکہِ میز بانس أسِ نہٕ اَتھ متعلق بلکل تہِ کینٛہہ خبر۔ چھیکرس تہٕ وۄن أمی یمن سائلم کینٛہہ۔ گاڈِہنٛدِس اسنس متلق، أمی ہنٛدِس مألِس قتل کرنہٕ ہنٛچہِ دھمکی متعلق، أمی ہنٛزِ جلا وطنی متعلق تہٕ پزٕ ژھُن یمَن زِمےٚ کیاہ پزٕ گرُن۔

کورِ دوٗ نپس "گاڈِہُنٛد اُسُن یُس زَن اَمہِ سارے مصیبتک گوڈ چھُ باسان چھُ یمہِ گتھہِ ہُنٛد اِشارٕ دِوان زِ محل خانس منٛز چھُ اکھ مرد یتھ متعلق نہٕ بادشاہَس کہنہٕ تہِ پَے چھُ۔"

وزیرزادن وۄن خۄشی سان "واہ واہ۔ مےٚ چھُ وُنہٕ تہِ واپس گوھنک وقت یُتھ زَن بہٕ پَتُن مول غارمنصفانہٕ تہٕ رُسوٲیی ہنٛدِ موتہٕ نِشہِ بچأوِتھ ہیکَن۔"

دوٗ یمہِ دوہہٕ دزٕ اوسہٕ گرٕ یسی ہنٛز کوٗریانس ہتی ہتھ وُژھہِ سان واپس پنٕنس مُلکس کُن۔ اوٗت وأتتھ دوریاوسہٕ جلدٕ ے محل خانس منٛز تہٕ وۄنُن مأ لِس تہِ کینٛژ ھا یہِ أمی بوٗ زمُت اوس۔ بچور وزیریُس موتہٕ کہِ بیہِ زنتہٕ گوڈے موٗ دمُت اوس سہٕ آو تمی ساعتہٕ بادشاہَس نِشہِ واتناونہٕ تیمِس أمی سو خبر وۄنی یوسہٕ اَمی ساعتہٕ أمی سُند نیٛچو ہتھ آمُت اوس۔

بادشاہَن وۄن "سوالے چھُنہٕ۔"

وزیرَن دِتُس جواب "عالی جاہ۔ مگر یہِ گژھہِ یِی آسُن تہٕ یہِ کینٛژ ھامےٚ بوٗ زنتہٕ

أسی سُہ توٚر کھور بانہٕ تہٕ پأجامہٕ لأگتھے۔" کورِ وۄنُس "یُہ چھُس تٔمی سٕنٛزِ داناأیی تعریف
کران۔ یُہ چھُس اکثر یہِ سوچان زِ تمہ لۆکھ کأتیاہ بیقل چھِ یِم اَتھ تیز پکونہٕ کولہِ تیز
کھمبر ہوٚیٹھی نٕنہٕ وأری چھِ تران۔ معمۆلی اگر کھور ڈلیکھ تہٕ ہن پَتھر ٹھاسونہٕ تہٕ گلہٕ
پیٹھہٕ نٕلس تأنۍ گژھن آبہٕ سٕری۔ چون یہِ دوست چھُ سارِوے کھوتہٕ دانا۔ یُہ چھُسن
سُہ وُچھن تہٕ تٔمس سٕتی چھُس کتھہٕ کرٕنۍ یژھان۔

کژیسی وۄنُس "ٹھیک چھُ۔ ییکیاہ یُہ کرِ تہٕ اَتِن سُہ ژھانڈتھ۔"

"بٲ۔ تٔمس وَن زِ اَسہِ چھِ نٕری کۆنٛہ سبٹھاہ ری تہٕ تیٚلی تیٚی سُہ۔ یُہ سوزِ اَمِس
شخصس گوڈٕے اَکھ ڈألی یتھ اَمِس فِکرِ ترِ زِ اَسی ہیکون یہِ پۆژھ وتر اُتِھ۔"

لہٰذا اوٚن اَمہٕ نوکرتہٕ سوزُن اَمِس نفرس نِشہٕ اَکھ گوٚبٕر کتھہِ ژوچہٕ بٔہہ تہٕ
اَکھ دۄد وأرڈالہِ رٔنگی سٕتی ہیتھ تہٕ بیٚیہ سوٗزنس یہِ پٲغام۔

"ہے دوستا۔ زوٗن چھے پوٗرِ۔ بٔہہ ربتھ چھُ وٕری تہٕ سمندر چھُ آبہٕ سٕتی
بٕرتھ۔"

اَڈِ وَتہٕ سمکھ یہِ ڈٲلی تہٕ پٲغام نِنہٕ وألس پَتِن لوکٕٹ نیٚچوٗ تہٕ ییٚلہٕ یہِ وُچھ زِ
زأنہٕ منٛزِ کیٚاہ چھُ تہٕ موٗنگن مألس اَمہٕ منٛزِ کھینہٕ خاطرِ کینٛہہ۔ مألی تہٕ دِتُس بیقل
پأٹھی۔ اَمہٕ پتہٕ وُچھ اَمی یہِ جوان تہٕ دِیُتنس یہِ پٲغام تہٕ ڈالہِ منٛز باقے ہن۔

اَمی وۄنُس اوٚر "پنٕنہٕ مالکنہٕ وٕنی زِ میأنی سلام تہٕ بیٚیہ وٕنی زبس ژٕندرٕ چھُ
نوٗدٕے تہٕ مے وُچھ وُ ریس کٔہے ربتھ تہٕ سمندر چھینہٕ قطعن تہٕ بٕرتھ۔"

نوکرس توٚرنہٕ اَمیک بالکل تہٕ کینٛہہ معنہٕ فِکرِ تہٕ پھِرُن لفظ لفظ تِتھے پٲٹھی پَنٕنہٕ

مألکنہِ نِشہِ یِتھہٕ کِنۍ أمۍ بۄز۔ یِتھہٕ کِنۍ آیہِ أمۍ سِنٛز ژۄررٚژنہٕ تہٕ آس سخت سزا دِنہٕ۔ اَمہِ پَتہٕ کٔمے کأڈ آو یہِ نوجوان أمس بُڈ گرٕیسی تَس سٟتۍ۔ أمس آو جان خأطر کرنہٕ تہٕ پرٛ ہتھ رنگہٕ آو أمس سٟتۍ تِیُتھ ورتاو کرنہٕ یُتھ زِیہِ کأنٛسہِ بڈس موٚہنِوِ سُند نچو آسہِ ہے حالانکہِ میز بانس اُس نہٕ اَتھ متعلق بلکل تہِ کینٛہہ خبر۔ چھیکرس تہٕ وۄن أمۍ یِمَن سأٔلم کینٛہہ۔ گاڈِہنٛدِس اسنس متلق، أمۍ سِنٛدِس مأٔلس قتل کرنہٕ ینٛچہِ دھمکی متعلق، أمۍ سِنٛزِ جلاوطنی متعلق تہٕ پرٛژھن یِمَن زِمےٚ کیٛاہ پزِ گرٕن۔

کورِ دۄپنس ''گاڈِہنٛد اُسن یِس زَن اَمہِ سارے مصیبتک گوڈ چھُ باسان چھُ یِیمہِ گتھہِ ہُنٛد اِشارِ دِوان زِ محل خانس منٛز چھُ اَکھ مردیُتھ متعلق نہٕ بادشاہَس کہنٛہ تہِ پَے چھُ۔''

وزیر زادَن وۄن خوٗشی سان ''واہ واہ۔ مےٚ چھُ وُنہٕ تہٕ واپس گوھنُک وقت یُتھ زَن ئبہ پٔژن مول غأر منصفانہٕ تہٕ رُسوأیی ہِنٛدِ موتہٕ نِشہِ بچأوِتھ ہکِن۔''

دۄیمہِ دۄہہٕ درٛاوسہ گرٕیسی سِنٛز کوٗرِ پانس سٟتۍ ہیتھ وُژھہِ سان واپس پنٛنِس مُلکس کُن۔ اوٗت وأتتھ دوریاوسہ جلدٕے محل خانس منٛز تہٕ وۄنُن مأٔلس تہِ کینٛژھا یہِ أمۍ بۄزمُت اوس۔ بچور وزیرِیُس موتہٕ کہِ بیہِ زَنتہٕ گوڈےٚ موٗدمُت اوس سُہ آو تمی ساعتہٕ بادشاہَس نِشہِ واتناونہٕ تِیمس أمۍ سو خبر وُنۍ یوسہٕ اَمی ساعتہٕ أمۍ سُند نچو ہیتھ آمُت اوس۔

بادشاہَن وۄن ''سوالے چھُنہٕ۔''

وزیرَن دِتُس جواب ''عالی جاہ۔ مگر یہِ گژھہِ یِی اَسُن تہٕ یہِ کینٛژھا مےٚ بۄزتہِ

ثأبت کرنہٕ خأطرٕ چھُس ئہ توہہِ التجا کران زِ توٚہی بُلأ ویُو کھ پننہٕ نِس محلس منٛز کأم کرَن واجنہِ سارے زنانہٕ مُلازم اَکی ساعتہٕ تہٕ تمَن دِیو حُکم زِ تمہٕ تارَن اکہِ پیٹھی ووڈھ یُس گوڈٕ ے کھنا ونہٕ پییہ۔ اَتھ اَزمأیشہِ منٛز روزِنہٕ تیٚتھِس شخص پننہِ نقلی زنانہٕ آسنک خیالے۔"

بادشاہَن کھنو وچاہ تہٕ دِتٕن محل خانہٕ چَن سارِنے زنانہٕ مُلازِمن حُکم زِ توٚہی تأرِو اَتھ ووڈھ۔ سارِوے کٔر کوٗشش مگر صرف گیہ اَکے کامیاب۔ سوے اَکھ اُس پوٗتس مَرد!!

تیٚتھہٕ کٔر سَپز ملکہ مطمئن تہٕ وفادار بڈ وزیرتہٕ بچاو۔

اَمہِ پتہٕ یوٗت جلد ممکن سَپد تہٕ تیوٗت آو وزیر زادِ تہٕ گرٛیسی ہنٛزِ کورِ ہنٛدِ کھاندرُک انتظام کرنہٕ تہٕ سَپد یہِ کھاندر۔ یہِ اوس اَکھ سبٹھے خوش کروُن کھاندر۔



(راوی: لوٚس۔ سرینگرس نکھہٕ سونوارگامُک اَکھ زمیندار)

# نائے گر رائے تہٕ ہی مال

یہِ اوس اَکھ غریب برہمن تیٚمِس سوداراما ناو اس۔ تٔمی سُنٛد کُل سرمایہ اوس اَکھ الرٕ وٕنی جایہِ پُھر اَتہٕ اَکھ خودغرض زُنیایوسہٕ اَتی تتانہٕ اَتی تران اُس تہٕ تیٚمِس یہِ پٔنٛنِ آشٕنی اوس وَنان۔ یہِ زنانہٕ اُس اُمِس بُڈ اَزمٲیش۔ تٔمِس اوس نہٕ گرچہ غریبیہِ ہُنٛد زیادٕ تفریق تہٕ اَکثر اوس ونان "پرمیشورن زن دِیُت نہٕ مے زیادٕ تہٕ یٔہ گُس چھُس زِ تٔمی ہِنٛدِس یژھنِس پیٹھ کرٕ یٔہ شکایت؟ مگر پرتھ گرٕ اُمِس لکاتھ زنانہٕ ہنٛز بے عزتی تہٕ درٕ ہ کھاٲنی تہٕ کُنہِ کُنہِ بیٚلہِ عام دوہَن برعکس کم پٔہن زیٔنمت اوسُس آسان تہٕ اُمی سُنٛد مار برداشت کرُن اوس اُمی ہِنٛدِ خاطرٕ سبٹھا زیادٕ (عذاب) لہذا کوٚر اُمی یہِ تژٕ اَدِتھے یژھنک فٲصلہٕ۔ اکہِ دوہہٕ صُبحاے وُنُس اُمی "میٲنی ٹاٹھی، مے بوٗز زِ ہندوستانس منٛز چھُ کُس تانی بادشاہ پرٕ بتھ دوہہٕ پانٛژھ لچھ روپیہ غریبَن بٲگراوان۔ مے کوٚر اِرادٕ زِ یتہٕ گژھہٕ تہٕ کرٕ اُمہِ خٲرٲتہٕ منٛز حاصل کرنٕچ کوشش۔"

زنانہِ وُنُس "ٹھیک چھُ ـــ مے پھیرِ نہٕ چون۔"

برٛہمنن کٔری جلدے سفرٕ خاطرٕ پٔنٛنی کینٛہہ چیز تیار تہٕ سپُد رولنہٕ۔

اَمہِ دوہہٕ پوٚک سُہ کُنہِ جایہِ تھکھ دِنہٕ ورأی سبٹھا تیزیوٗت تانی سُہ اَکِس جنگلس منٛز ووت تہٕ اَتہِ صاف تہٕ میٹھہِ آبک اَکھ ناگ وُچھ۔ اَتہِ تٔرٕ ووٚاُمی پٔنُن بوٚکھچہِ

تہٕ بیٚوٚٹھ اُتی کینژھا کھبنہٕ تہٕ تھکھ تہٕ ہِنِد رتژ اونہٕ خاطرٕ پتّھر۔ سُہ اوس شوٚنگتھے زِناگہِ منٛزٕ کھوٚت اَکھ سَر پھہٕ بچاتہٕ ژاو تتھ پھُٹجہِ منٛز۔ تتھ منٛز برہمنس ژوٚ ٹا وٚ ٹا اُس۔ کتھہٕ تاذی پاٹھی گو وبرہمن ہُشار تہٕ اَتہِ وُچھن سَرُ پھ۔

''اوٚہ! اوٚہ! یہِ کیاہ! تُمی وٚن کھوٚژی ہیوٚ تہٕ کوٚرن پھُٹجہِ گوٚل بنٛد۔

اُمس آو خیال زِ چھُنا صلاح ئہ گرٛہہٕ واپس زنانہِ نِشہِ تہٕ تُمس دِمہٕ سائلم کینٛہہ ہتھ یہِ پھُٹج ''سو مُژ راوِ اَتھ ضرٗر'' اُمی سوٚنچ'' تہٕ اورٕ نیرِ سَرُ پھ تہٕ بچھس تہٕ ئہ گرٛہہٕ آزاد۔'' اُتھی خیالس منٛز دژ اوسہٕ خوش پاٹھی پننہٕ پَہرِ گن۔ گرٕ وٚت تہٕ کوٚرُن پننہِ زنانہِ آلوٗ ''ہتے میانٛی ٹاٹھی آشنٕ۔ مےٚ پھو واپسے ییٚن ئہ ہیوٚ کُس نہٕ ژےٚ نِش دوٗر روٗزِتھ۔ رَٹھ یہِ گیے ژےٚ میانہِ طرفہٕ ڈالی تہٕ مےٚ دِمعانٛی تہٕ ئہ سوچی نہٕ زانٛہہ وٗنی نبر گرٛھنک''

زنانہِ وٚنُس ''یہِ کیاہ چھُ؟ کیاہ چھُ؟ یہِ کتھہٕ پاٹھی؟ ہاو مےٚ''

برہمَن وٚنُس ''نہ۔ ییٚتھ نہٕ۔ پکھ کُھس ژٕ ہیرِ مس کُٹھس منٛز تہٕ تتی وُچھکھ۔''

تم کُھتی یکجا ہیرِ تہٕ ہیوٚ روٗ اَتتھ پلنٛاوس برہمَن پھُٹج تہٕ دٕ پنس اَژ اندر کمرس منٛز تہٕ اُتی مُژ راو۔ تمہِ کوٚر ییٚ۔ سَرُ پھ اوس پھُٹجہِ منٛز تنگ گوٚمُت تہٕ سُہ دژ اونبر ییمہِ ستی یہِ زنانہِ حارانٛ تہِ گیہ تہٕ کھوٚژتہِ۔ تمہِ تژ اَوٚ پھُٹج اُتی تہٕ چھےٚ ژوٚلرِ ژٕ کمرس منٛز اورٕ یور دٕ دٕ کران۔ سو روٗزٕ منٛتن دہَن مَرَن یی کران زِ اچانک وُچھ تمہِ اَکھ گاش۔ زن تہٕ یہِ زوٚن گیہ اُس تژ اولانہٕ اَکھ ساوٕ ونہٕ لُکٕ لائہِ تہٕ ہنا گو وٚاتہٕ ظاہر۔ یہِ وُچھتھ

گَیس زبردست خوشی تہٕ شادمانی۔ تَمہِ دِژ خانہٕ دارس کربکھ یُس نیبر گنہٕ درواز چیر بند اوس رٔٹتھ۔ زِ ہے وولہٕ اَژتہٕ وُچھ یہٕ بوٚڑ عجایبات۔ مگر تَمی کوٚرُس وٗلی وٗلی نکار تہٕ وۄنُس مے چھنہٕ پان بچھناوُن۔ زنانہٕ چھُس یوٚر آلوس پتھ آلو کران مگر سُہ چھُس نہٕ اندراژُن مانان۔ مگر اَخرس ییلہِ اُمِس زنانہٕ ہنٛزِ گتھہِ منٛز خوشی ہِش باسیہ اَمی تھاو درواز س کھرٛ کھ ہش ییلہٕ۔ دِژِن اندر رُکن نظر اتہٕ وُچھن عجیب چیز ا۔ "یہٕ اوس نہٕ سَرُ پھ یُس مے پھُٹجہِ منٛز تھاوِیا وبلکہِ اَکھ مأری موٚنڈ لڑکہٕ" اَمی وۄن حأرانی سان۔ یہٕ گو وبڈ خوش تہٕ گرِن زنانہِ تہٕ شرِس میٹھی۔ امی وِزِ گو وزنانہِ تہٕ خاوندس پانہٕ وأنی صلاح تہٕ اَسی پانہٕ وأنی بڈ خوش۔

اَمہِ پتہٕ اوس وۄنی برہمن سبٹھا دولتمند۔ تَمی سُند دَیہ دُیت نچو اوس دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ خوبصورت بنان تہٕ اُمِس تھوو کھ نأگر راے ناو۔ یہٕ لڑکہٕ اوس تیوٚت دانا تہٕ سمجھدار زِ دُوٗ ہر اَستھ اوس یہٕ داہ دُہر باسان پۆرِ مُلکس منٛز اَس نہٕ کأنسہِ شخص اَمی سنٛز ہِش ہُنر تہٕ کأنسہِ آسہٕ نہٕ اُمِس ستی بحث کرنس رانہٕ دران۔ یُد وَے یہٕ باتہٕ شُربن ہنٛدی پأٹھی زانہہ تہِ پرناونہٕ اوس آمت تہٕ گرِتھ تہِ اوس یہٕ سارے زبأنی بوٗلتھ تہٕ پرِتھ ہبکان تہٕ سارِنے علمن ہنٛز اَسس زان۔ یہٕ سأئلم اوس اوٚ کُنہ زِ یہٕ اوس سور گہٕ آمُت لڑکا۔

نأگر راے نہٕ سُتمہِ وَہرِ وادِ پتے وۄن اکہِ دوہہٕ اَمی پَنہٕ نِس اُمِس مونگتہٕ سأئلس زِبہٕ کرِ ہا گنہِ صاف ناگس منٛز سرٛ ان "یہٕ گوٚھ اَکھ سبٹھے صاف ناگ اَسِن نتہٕ گرِشھہٕ بہٕ موٚکُر"

مأئلی دِتُس جواب ''ٹھیک چھُ ۔ مگر شہرس منز چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ صاف ناگا ماسوایہِ اَکھ یُس بادشاہ سٕنزِ کورِ ہنٛدِس باغس منز چھُ تہٕ اَتھ باغس چھُ تیٚتھ تھوٚد تہٕ مضبوٗط دیوار زِ کانٛہہ تہٕ ہیکہِ نہٕ اندر اَژِتھ۔

تہٕ کرِتھ تہِ لاَ جنٛاَ گ راین مأئلس ٹھأنٛی زِ ژٕ ہاوتے باغس کُن وَتھ۔

برہمن ووٚنُس ''ہرگز نہٕ یہٕ چھُنہٕ سوالےٚ زِ ژٕ کیاہ ہیکَکھ اور اَژِتھ۔ تہٕ ہرگا اَسی بادشاہ ہنٛد بوٚسیہہ لیأرِ کُنہِ وجہِ وراَے پکان وُچھ تِم رَن اَسہِ بادشاہَس نِش تہٕ اَسی دوشوَے یِمَو قتل کرنہٕ۔''

ناَگ راین تٕجُس نہٕ تو تہِ تِھتھ تہٕ ووٚنُس زِ یہٕ چھُس سورگہٕ کھوٚتمُت لڑکہٕ تہٕ مےٚ ہیکہِ نہٕ کانٛہہ زخم تہٕ دِتھ۔ تہٕ تِتھہٕ کنِی پیواَ ی ہنٛدِس مأئلس مانُن۔

یێلہِ یِم باغس نِشہِ واَتی تہٕ ناَگ راین وُچھ زِ باغس کیٛاہ حفاظت چھےٚ تہٕ اَمی لوگ فورَن یہِ ژھانڈُن زِ دیوارس ماچھےٚ کُنہِ واَج یاوُل۔ اَمی لوٚب اَکھ لوکٹٕ وُل تہٕ یہِ وُچھِتھ گو وسیٹھاخوش۔ پانس سَر پھہٕ ہٕنز شکل بناوِتھ ژاولیأری باغس منز۔ اَتِہ لوٚب اَمی سارِوے کھوتہٕ صاف ناگ تہٕ پٕکُن پان واپس خوبصورت لڑکہٕ سٕنزِ شکلہِ منز اَننہٕ پَتہٕ کوٚرُن (اَتھ ناگس منز) ڈٕلی ڈٕلی سرٛان۔ مگر تِمی سُند اندراَژُن تہِ روٗد نہٕ ژوٗرِ۔ شہزاَدی یوسہٕ اَمہِ وِزِ باغس منز بیٚتھ اَس تمہِ یوٗز آیک صدا تہٕ سوٗزِن پٕنٛنی اَکھ نوکراَنی یہِ وُچھنہٕ خأطرٕ زِ یہِ کیاہ اوس مگر یێلہِ نوکراَنی اوٚتُتھ واَژناَ گ راین اَس پانس سَر پھہٕ ہٕنز شکل بناوِمژ تہٕ اوس غاَب زِن گوٚمُت۔

کینٛہہ دوٚہ گو وِیہ بٔنِہ باغس منز تہٕ لٔگِس سرٛان گرُن شہزاَدی یَس ہی مال

ناواوس سوأ س اَمہِ وِزِتہٕ تتھی جایہِ یِیتہٕ سوٚ پٕتی مہِ پھِرِ ہتھ أ س تہٕ اَمہِ ہٕز آ بک شود۔

تمہِ وۄن ''یہِ کُس چھُ؟ یہِ کُس چھُ تیمی پتھ ٕ کنہٕ میأنس باغس منٛز اژنک تہٕ میأنس ناگس منٛز سرٛان کرنک جرات کوٚر۔ گژھ تہٕ وُچھتھ یہِ''نوکرأنی گیہِ۔ مگر نأ گی رایس توٚر فِکرِ زِ شاہزادِ چھُ شرارت تہٕ توے کٕرن جلدی تہٕ ژوٚل۔ لہٰذا ییٚلہِ نوکرأنی آیہِ تہٕ اَتہِ وُچھن نہٕ بڑو کٕرے پأٹھی کہنہٕ۔

تژ ییمہِ پھِرِ ییٚلہِ نأ گر راے اور گو وأمہِ ساعتہٕ أ س ہی مال ناگس نِشہِ پہتھ تہٕ وُچھن بلکُل واضح پأٹھی أمِس سبٹھے خوبصورت لڑکہٕ سُند پوٚرِ خولہٕ خط۔ یہِ وُچھتھے سَپٕز سو أمِس پیٹھ فریفتہٕ۔ تتھِس کأنسہِ مأری مُنٛدی سُند اوسنہٕ اَمہِ اوٚت تانی ہٕز زمُت تہٕ زانہہ۔ ییٚلہِ لڑکن واپس پانس سَر پھ بنووتمہِ دِیُت پننہِ أکِس نوکرانہِ حُکم زِ ژٕ گژھ أمِس پتے تہٕ وُچھ یہِ کوٚت گژھِ۔ نوکرأنی گیہِ تہٕ اورٕ واپس پتھ وۄنُن زِ سَر پھ بنیاو واپس لڑکہٕ تہٕ ژاو أکِس برہمن سُند گرٕ تیمِس سودارام ونان چھِ تہٕ مےٚ باسیوٚ دیہِ چھُ تَسُند نیٚچو۔ پتہٕ وۄن ہی مالہِ پانٕسے ستی۔ ''یہِ لڑکہٕ چھُ سارِوے کھوتہٕ تھزٕ ذأژ ہُنٛد تہٕ یہِ چھُ میانہِ وأنسہِ۔ خوبصورت چھُ تیُتھ زِ بیانٕے ہیکہِ نہٕ سپدتھ۔ بٕہ کیاژٕ گژھٕ نہٕ ماجہِ نِشہِ تہٕ تَس منگہٕ أمِس ستی کھاندر کرنک اجازت؟'' لہٰذا گیہِ سو اَمی وِزِ ماجہِ نِشہِ تہٕ باأون تَس یہِ دِلچ گتھ۔ زِ اَمہِ رکتھٕ کنہٕ وُچھ یہِ مأری موٚند لڑکہٕ تہٕ گوس أمی سُند محبت تہٕ یہِ أ س وۄنی نیتھرس تہٕ وأتہٕ رٕتہٕ أ س وۄنی کھاندر تہٕ یژھان کرُن۔

مِلکانہِ واتنأوِ یہِ گتھ بادشاہس ٕند بن کنٛن تہٕ سُہ آو پننہِ کورِ نِشہِ تہٕ وۄننس۔

''میانین أچھن ہنٛدِ گاشہِ تہٕ میانہِ دِلہٕ کہِ ہوشہِ مےٚ ہٕز چأنی خاہش تہٕ پتہٕ بوز زِ خبر

ٔکتی شہزادٕ چھِ یِم ژٕ ئے ٔستی کھاندر کرنس سیٚٹھے خوش گژھن۔ تموٕ ے منٛز یُس ژٕ ئے خوش گژھی تٔسی ٔستی گرِ ئہ چون کھاندر۔"

ہی مالہِ وۄنُس درجواب "میانہِ مالہِ۔ مےٚ وُچھ اَکھ خوبصورت برٛہمن (لڑکہِ) یٚمِس مأیِلس سوُدارام ناو چھُ ئہ چھُس تٔمی ہےٚ ٔستی کھاندر ریژھان کرُن۔"

بادشاہَن بیٚیِہ یِمہِ لفظ بوٗزِ تٔس کھوٚت سخت شرارت تہٕ وۄننس "میأنی نادان کوٗرِ۔ ژٕ چھکھا سمجھان تہٕ ژٕ کیاہ چھکھ ونان؟ سوُدارام چھُ اَکھ معمولی برٛہمن۔ ئہ کتھہٕ ٔکنی کرِ تٔمی ہِنٛدِس نیٚچوِس ٔستی پٔننہِ کورِ کھاندر گرِتھ پٔنن پان لژھہِ۔ یہِ ہیٚکِہ نہٕ سپدِتھ۔ ئہ وُچھِ پانٔے ژٕ ئے خأطرٕ (لڑکہِ)۔ ئہ أنِن چانہِ خأطرٕ دُنیاہک سارِوٕ ے کھوٚتہٕ خوبصورت، امیر تہٕ عزتہٕ وول شہزادٕ۔"

ہی مالہِ وۄنُس "میانہ مالہِ۔ نہ نہ۔ یہِ مےٚ وۄنٔے تہٕ تی۔ مےٚ کیاہ چھُ سوُدارام نہِ امیری یا غریبی ٔستی۔ مےٚ چھُ تٔمی ہِنٛدِس نیٚچوِس دِل دِتمت تہٕ اَمہِ علاوٕ چھُنہٕ مےٚ ٔکہنی کرُن۔"

اَتھ پیٹھ کھوٚت بادشاہس وارٕ ے شرارت۔ أمی سوٗنچ زِ شہزأدی چھےٚ پزی ٔکنی پاگل گمٕژ۔ اَتہِ سپدِ بییِہ تہِ کینٛہہ کلامہٕ تہٕ پتہٕ دژاو بادشاہ۔ وارٕ وارٕ سپدِ سُہ تہِ کورِ ہِنٛدِس أتھی پیٹھ چھپر لاگنہٕ ٔکنی مجبوٗر تہٕ اکہِ دوہہٕ صُبحأے دِتُن حُکم زِ سوُدارام أنِیوٗن بُلأوِتھ۔

برٛہمنن بیٚیِہ بادشاہ سُنٛد یہِ حُکم بوٗزِ سُہ کھوٗژ زِ خبر مےٚ بُلاونہٕ پیٚنک کیاہ وجہ ہیٚکِہ أسِتھ۔

''خبر بادشاہ صأبس ما آہِ میأنس نێچوِ ہنزِ شہزادِہنزِس باغس منز پھِری پھِری گرٛشھنگ پےلۆگمُت ؟ نتہٕ ما آس میانہِ دولتٕ ہُنز اَزرُون ؟ سُہ کیاہ چھُ مےٚ نِش یژھان ؟'' سُہ ییمہ وِزِ بادشاہس نِشہِ واتناونہٕ اوس یوان تمس اُس ذیٚہنس منز یمہ سوال ووتھان۔

اُمِس وُچھتھ ترٛ وو بادشاہَن زیوٗٹھ ووشاہ تہٕ سونچان اوس ''افسوس ! بُ چھُ گُمر سُنز نێچو ژورمیانہِ کورِپنہٕ کھاندرٕ خاطرٕ ؟ بہٕ کتھہٕ کنٕ وَنہٕ پنہٕ نین وزیرن تہٕ اُمِس زِ سو کیاہ چھےٚ یژھان ؟ تم (وزیر) کتھہٕ کنٕ اَسَن اَتھ پیٹھ تہٕ کمہٕ ٹسنہٕ کرن ! واے میانہ پانہٕ ! بہٕ کیاز آیاسے دُنیاہس، بہٕ کیاہ کرٕ ووٗنی ؟''

کینٛہہ مِنٹہٕ پتہٕ ییلہِ سُہ پنہٕ نین جامَن منز آو تہٕ ووٗن اُمِ برہمنس '' ہے برہمن ۔ مےٚ بوٗز زِ ژےٚ چھی اَکھ سبٕٹھے گاٹل تہٕ مارٕ موٗنڈ لڑکہٕ ۔ ژ دِکھا تمس میانہِ کورِ ستی کھاندر کرنُک اجازت ؟''

برہمنن ووٗنس ''بادشاہ صأب تۄہی چھُو پنہٕ نو تمام کاموٕ کنٕ سبٕٹھا نیک تہٕ ہر رنگہٕ چھُ دانایہِ چھےٚ تۄہنز مےٚ پیٹھ سبٕٹھا بڈٕ عنایت زِ تۄہہٕ گرِواتھ معاملس متعلق مےٚ ستی گتھ ۔ بہٕ چھس تۄہنٛد ادنا تہٕ وفادار رعیت تہٕ بہٕ چھُ صرف تۄہنز ترقی تہٕ خوشحألی کانچھان۔''

پتہٕ دِیُت بادشاہَن نَوٕ مین حکم زِ تم وُچھَن کھاندرٕ خأطرٕ رُت ساعت تہٕ سودا رام آو واپس گرٕ ۔ یہِ بچور آو خوٗشی تہٕ افسوسکِ رلہِ مِلہِ احساس ہیتھ واپس ۔ بادشاہ سِنزِ طرفہٕ اُمس عزت تہٕ احترام کرنہٕ پتہٕ کہِ خیالہٕ اوس سُہ خوش مگر ستی اوسُس ییمہِ گتھہِ

کنہٕ افسوس تہٕ زِ اَتھ کھاندرس یُس بارٕ خرچا لگہِ تَتھ کیاہ بنہِ ۔ "بہ کتہِ اَنہٕ تیتی پئسہٕ یمہٕ تہٕتھس موقس پیٹھ ضرورت پین ؟" سہ اوس پانہٕ پانے ستی سوچان،

گرٕ وأنتھ وۄن أمی سوٗرے کینٛہہ زنانہٕ تہٕ نیچوٗس ۔

نیچوی وۄنُس "مہ ہے غم ۔ مگر ژٕ گوو بادشاہَس نِشہِ تہٕ پرٛژھُس زِ سہ کیاہ چھُ یژھان زِ آیایہ گرٕ ھاتمُس نِشہِ ساڈپائٹھی کِنہٕ بڈٕ خیہ تہٕ زبہ سان ۔"

سوداراَم گوو یہ جواب بوٗزِتھ سٔبٹھا حأران تہٕ وۄننس "میانہِ گوٗ برا ۔ مےٚ چھُ یہ دِلس یتھ زِ ژٕ کرنا وَکھ مےٚ بادشاہس اَتھہِ قتل ۔ یہ چھُس امیر مگر بادشاہٕ سندٕ ین ذٔریعن نسبت کیاہ چھےٚ میأنی دولت؟"

لڑکن وۄنُس درجواب "مےٚ وۄن مے نا ۔ مہ بَرٕ غم ژٕ کرٕ پرٛژھ زِ مےٚ چھُ تیوٗت خزانہٕ یمہِ کہِ مولُک اندازے ہیکہِ نہٕ کرنہٕ یتھ ۔"

بیٚیہٕ دوہہٕ صُبحس گوو برہمن بادشاہس نِش تہٕ أمس آو زبردست استقبال کرنہٕ ۔ بادشاہَن وۄن زِ یہ چھُس یژھان زِ لڑکہٕ گرٕ ھہِ کھاندرس پیٹھ سٔبٹھےٚ شان و شوکت سان یِن ۔ پتہٕ دژاو برہمن واپس گرٕ تَس أس خوفہٕ ستی ننٛھ ننٛھ تہٕ سہ اوس حأران زِ یہ کتھہٕ کنہٕ ہیکہِ سپدتھ ۔

کھاندرٕ کہِ دوہہٕ أس سأری سے شہرس منز زبردست خوٗشی تہٕ ووسہٕ دروسہٕ ۔ لوٗکھ أسی پنٕنی سٔبٹھےٚ تھٔدی پلو لأگتھ ۔ پرٛتھ طرفہٕ اوس گیوٚن تہٕ موسیقی چلان ۔ بادشاہَن تہٕ اوس باقے مُلکن ہندٕ ین بادشاہَن ہندٕ خأطرٕ سٔبٹھاہ تھوٚد استقبال کوٚر رُمت تہٕ بڈٕ کھوتہٕ بڈٕ سالُک اوس انتظام کرنہٕ آمُت ۔

تَمہِ دوہہِ ضُجس کیُتھ اوس برہمن پننہِ گرِ بتھ الوئد تڑ اُوتھ ہتھ ہتھ پیٹھ غم تہٕ
خوف نوٗن اوس۔ اُمی اوسنہٕ کھنۍ تہِ انتظام کوٗرمُت۔ اُمی اُسی نہٕ پننۍ معمولی پلو تہٕ
بدلاٰوی ٕمتی تکیاٰ زِناٰ گر راین اوس تَس یی وۄنمُت۔ اُخرس ییٚلہِ وۄنۍ مُقرر سپد یمتس
ساعتس صرف اُکھ گاٚنٹہٕ اوس روٗد مُت تہٕ لڑکن وۄن اُمس "پکھ تہٕ رَٹھ میاٰنۍ
خزانہٕ" پتہٕ لیٚچھ ناٰ گر راین کاغذس پیٹھ اُکھ چِٹھۍ تہٕ دِژن پننہٕ نس ماٰلس تہٕ وۄننس "ژٕ
گژھ فلاٰنی ناگس پیٹھ یہِ چِٹھۍ تراو تتھۍ منز تہٕ یہِ پانہٕ واپس" سو دارامن کوٗر یی تہٕ واپس
یُون ییٚلہِ سُہ گرٕ نزدیک ووت اُمی بوٗزاَتہِ ڈولن نگارن تہٕ سورنَین ہُنٛد زبردست شور
بییٚہِ وُچھن سبٹھۍ خوبصورت لباسَن منز واریہہ سپاہ تہٕ بییٚہِ سبٹھاہ امیر پاٰٹھۍ گُربن زین
سازپاٰرِتھ۔ ہستین پیٹھ سون، روپھ تہٕ لال جواٰہرن ہنٛدی خزانہٕ تہٕ ہوٚس منز سبٹھۍ
خوش یونہِ عطرِ ہُنٛد مُشک۔ اُمی سوٗنچ زِ شاید چھُ کانٛہہ وۄپر طاقتور حکمران بادشاہس
ہتی جنگس پیٹھ وۄتلتھ آمُت تہٕ پتہٕ ییٚلہِ یہِ بوزن زِ یم سپاہ، ہُسی تہٕ گُری چھ اُمی ہنٛدِس
نیٚچوی ہنٛدِس حُکمس تحت اُمی ہنزِ خدمت گذاٰری خاٰطرِ سُہ سپُد تیوٗت حاٰران یمیُک
نہٕ کانٛہہ اندازے ہیکہِ کرِتھ۔

سو دارام ژاو وۄشوا کدِتھ گرِ تہٕ اَتہِ وُچھن ناٰ گر راے پاٰنس شاٰہی لباس
لاگان۔ کینٛہہ خوٗبصورت پلو (ہتھ) اُسی اُمس تہِ اَتہِ پزاران۔

اِمہِ پتہٕ دژ اُسے یم دوٚنوے شان وشوکت سان نوکر چاکر ہتھ محل خانس
کُن۔ بادشاہن ییٚلہِ نکھہٕ پہن واُتتھ یہِ جلوٗس وُچھ تہٕ تُمی وۄن پننہٕ ئن وزیرَن۔ "یہِ
ہیکہ نہٕ سو دارامُن نیچو اُستھ۔ یہِ چھے کیاٰہتام بدلے ذٔلیل۔ یہِ چھُ ضرور کانٛہہ شہزاد

نَتہٕ ماچھُ کانٛہہ دیوتا۔"

مگر تِمَس ژوٗل جلدٕے یہِ پھرٛ ژھ بیلہِ تِمی برہمن تہٕ اُمی سُند ماٗری موٚند نیچُو وُچھ۔ کھاندرچ تقریب آیہِ سبٕھٕے شاندار طریقہٕ انجام دِنہٕ تہٕ پٔتھ کانٛہہ چیز سٕپُد سبٕھٕے مطمئن پٲٹھی۔ سُہ اوس پٔتھ دوہہ دربارس منٛز حاضر روزان تہٕ اَمہِ پتہٕ کینٛہہ کالہٕ دِتُس بادشاہَن اجازت زِ سُہ بناوِ دٔریاوُ بٕٹھس پٔٹھ پننہِ خاطرٕ اکھ محل خانہٕ۔

ہُپٲری آسہٕ ناگہ راییس ہی مالہِ ہُر یمانہٕ بیٚنہِ تہِ زنانہٕ تہٕ یمہ سارے تِمی سٕندِ واریہس وقتس یمَن نِشہِ دوٗر روزنہٕ کِنہٕ سخت ناراض آسہٕ۔ تمہٕ آسہٕ سارے سمیمٕژ یتھ زِ تم یہِ فیصلہٕ نِہَن زِ تِمَن کیاہ پٔزِ پٔژھن خانہٕ دار واپس اَنہٕ خاطرٕ کرُن۔ واریہہ صلاح مشورٕ کرنہٕ پتہٕ ہیوٚت یموٚ منٛز اکہِ زنانہِ یہِ مَتہِ زِ سورَتھ یہِ ذِمہٕ دٲری۔ تمہِ بنووٲ کَس وِہی کار زنانہِ ہُند حلیہِ پانس تہٕ ژٕلن پانس ستی کینٛہہ شیشہِ بانہٕ یمَن یہِ طاقت اوس زِ ہر گا ناگہ راے یمَن وُچھِہے تہٕ تِمَس پییہَن تمی ساعتہٕ پننہِ باقٕے زنانہٕ یاد تہٕ واپس تِمَن نِشہِ وانٛچ نیرِ ہَس گل۔ یہِ زنانہٕ گیہِ ناگہ راے نِس محل خانس نِشہِ تہٕ روٗز گوٚس۔ اکہِ دوہہٕ ہیچھ اُمِس ہی مال تہٕ تِمَس وۄنُن زِ ژھس شیشہِ بانہٕ کِنان تہٕ وۄننس زِ ژٕرے کِنے زِ پننی سبٕھٕے موٗلی شیشہِ بانہٕ سبٕھٕے سوگہِ مولہٕ۔

ہی مالہِ وُچھ یم چیز تہٕ ہیٚژن کینٛہہ مُلی۔ شامس بأگ ہأوی اَمہِ یم موٗلی ہیٚتی ستی چیز ناگہ راییس۔ تَس کھوٚت سخت شرارت تہٕ دوٚپنس زِ یمَن کر پھُٹرٲوِتھ ژوٗرِ تہِ وۄننس ""یمہِ ییوٗر اُسی زِ بنہِ تتھس کانٛسہِ شخصہٕ سُند کینٛہہ بوزان تہٕ نہٕ اُسی زِ یمَن کانٛہہ چیز ہوان۔"" اَمہِ ستی پھُٹہِ پوٗر پأٹھ تمہٕ دوٚمیز یمہ اُمِس وہی کار سَر پھٹہِ سِینس منٛز

ۇ ژتھ آسہٕ تہٕ لہٰذا گیہٕ سو واپس۔

اَمہِ پتہٕ کوٚر رأمی ہنزٕ وواریہوٚ زنانو منزٕ اکہِ سَر پھنہِ اِرادٕ زِ سو گرِ پنٕنی کوٗشش۔ سو آیہِ چنڈأل بٔنتھ تہٕ وأ ژ ہی مالہِ نشہِ تہٕ ووٚننس ''شہزأدی بہٕ چھس ذأژ کنی واتج تہٕ بہٕ چھس پنٕنی خانہٕ دارن نأگی راین ترٛأوِتھ ژھٔنی مرٕ۔ مےٚ وَنتہٕ ژےٚ ماوٗ چھتھن سُہ یا تَس متعلق مابوٗ ژتھ کینٛہہ''۔

یمہِ گتھہِ بوٗزِتھ کھوٚت ہی مالہِ سخت شرارت تہٕ سپٕٹھہٕ زہرٕ سان ووٚنُن ''میوٚن خانہٕ دار چھا واتُل۔''

زنانہِ ووٚنُس ''مےٚ چھُنہٕ پتاہ مےٚ گژھِ پنٕن خانہٕ دار۔ ہرگاہ ژےٚ پنٕنس خاوندِ ہنزِ ذأژ پٹھ شک چھی ژہ ہکَکھ سہَل پأٹھی پنٕنس پانس تہٕ پأٹھی تسلی کٔرِتھ زِ تٔمِس وَنکھ مےٚ ہاو پنٕنی ذات نأگہ کہِ ذریعہِ۔ سُہ ؤسن آبس منزٕ تہٕ ہرگاہ سُہ اوٗری گوو تیٔلہِ زأنی زِ شہزأدی زِ سُہ چھُنہٕ واتُل۔''

ہی مالہِ بوٗزأمِس زنانہِ ہُندیہِ جواب سپٕٹھا دلچسپی سان تہٕ سیوٚدُے گیہٕ تھوٚد ۇتھتھ تہٕ وأژ پنٕنس خاندارس نشہِ تہٕ ووٚننس زِ مےٚ بوٗزٕ ژ چھکھ واتُل تہٕ بہٕ چھس نہٕ یژھان زِ یہِ گتھ گژھِ پھأئلنی توے ووتھ تہٕ وات ناگس پٹھ تہٕ تتہٕ ہاو ژ مےٚ تہٕ باقے سارِنے لوٗکن پنٕنی ذات تہٕ ثابت دِ کٔرِتھ زِ یہِ چھُنہٕ پوٚز۔ یٔیلہِ نأگی راین یہِ بوٗزٕ تمی دِژ شرارتس منزٕ کربکہٕ تہٕ زنانہِ کٔرن سخت بوأری زِ ژےٚ بوزتھ بیٚیہِ شکس لد تہٕ جاہل زنانہِ ہنزٕ گتھ۔ تہٕ ووٚننس ''مےٚ چھُ پتاہ ژےٚ کٔمِس نِش بوٗزِتھ یہِ ذلیل۔ سو چھُنہٕ ژ کہِ زنانہِ۔ تٔمِس چھےٚ مےٚ متعلق دلچسپی تہٕ سو چھےٚ اَسہِ دوٚن ہنزٕ جُدأیی کانچھان۔ تتھن

لۆگن اُسۍ زہنہٕ پڑھ کران۔"

ہی مالہِ وۆنُس "میٲنہِ معشوقہٕ۔ بہٕ چھُس نہٕ تِمَن پڑھ کران۔ مگر میٲنہِ خاطرٕ کر تہٕ سےٚ ہاوٕ پننۍ ذات۔"

اَمہِ پَتہٕ سَپُد بیٚیہِ تہِ بحث یُدوَے زن نٲگ راین زارٕ پارٕ کریٲنس زِمےٚ مَتہٕ کرتہٕ یہِ ازمٲیش مگر ہی مالہِ تُجس نہٕ ہرگز تہِ تھِچھ تہٕ اُخرس کۆرُن سُہ پننۍ یہِ یژھ پۆرٕ کرنہٕ خاطرٕ مجبور۔ اَمہِ پتہٕ دژاے تِم دۆنوَے ناگس کُن۔ اۆت وٲتِتھ وۆتھ نٲگ راے (آبس منز) تہٕ تِتھےٚ تُمۍ پننۍ کھور آبس منز ترٛاوِ تِمَن آیہِ چیرٕ سان رَزٕ گنڈنہٕ یِمہٕ سرپھنوٕ امی خاطرٕ خاص پٲٹھۍ بناوِمژٕ آسہٕ۔ نٲگ رالیس تۆ راَمی ساعتہٕ فِکرِ زِتَس آے کھور تِتھہٕ پٲٹھۍ گنڈنہٕ زِتَس اوسنہٕ وۆنۍ کانٛہہ تہِ موکلن پاے تہٕ کُنہِ وُنہِ ہرگاہ سُہ آبہٕ منزٕ ہیۆر کھسہِ تہٕ تیٚلہِ، ہیکہِ سُہ یِمَن اُتی ترٛاوِتھ۔ اُمۍ وۆن پننہِ زنانہِ یہِ مگر تِمہِ کۆرُس یَتھ کتھہِ پیٹھ ضد زِ ژےٚ چھی برابر (بوڈنس) تانۍ اُتی روزُن۔ رَسہٕ رَسہٕ مگر (پننہِ کتھہِ پیٹھ) پۆرٕ یقینہٕ سان گو وِ نٲگ راے بۆن بۆن وسان یۆت تانۍ سینس تانۍ تُمس آب ووت۔ پَتہٕ پھیٚکین تانۍ، پَتہٕ گردنہِ، اُسَس تہٕ اُچھن تانۍ پَتہٕ گوس ڈبکس پیٹھۍ تہِ آب تہٕ وۆنۍ اوس نہٕ اتہِ کہنہٕ تہِ نۆن ماسوایہٕ تِمۍ سُند ژھوگ۔ ہی مال سَپزٕ مطمئن تہٕ دِژنَس ژھاے گَس تھچھ یُتھ زَن اَتھ اُمتھ خانہٕ دارس آبہٕ منزٕ کھالہِ ہے۔ مگر افسوس تُمس آے صرف کینٛہہ مَس وال اَتھس منز۔ نٲگ راے اوس پَنہٕ نبٕ سرپھنہِ زنانو واپس نِمت تہٕ ہی مالہِ اوس پتَن یہِ مٲرۍ مۆنڈ تل پاتالک خانہٕ دار رووُمت۔

انتہٲیی دوکھہٕ ہۆژ آیہٕ ہی مال واپس محل خانہٕ مگر اَتہٕ یَتھہٕ روزِ ہے سو خوش لہذا

دزٕ ایہِ کِہے کاٗلی اَتہِ تہٕ بناوٗن سٔڑکہِ پیٹھ اَکھ بٔڈ کاروانہٕ سرائے۔ اَتہِ اُس سو پٔنٕن زیادٕ تر وقت تہٕ دولت غریبن ہنٛدی تکلیف دوٗر کرنس منٛز خرچاوان۔ یِم اور کھنٛچو کھنٛچو یوان اُسی تہٕ ناگراے ہنٛدِ ناوٕ خاٗرات اُسی منگان۔

اَمہِ پتہٕ وارِ یہہ کاٗلی ییٚلہِ اَمہِ پٔنن اکہِ پلہٕ سالم داشت نداشت تہٕ زُوتمن بیمارن تہٕ غریبن پیٹھ گاٗلتھ موکلوو یم تَس نِش کھنٛچو واتان اُسی زِ اَکہِ دوہہٕ آو اَتھ کاروانہٕ سرایہ پیٹھ اَکھ انتہاٗیی غریب انسان اَکھ کوٗر ابتھ یوسہٕ تِمس کوٗر اُس باسان۔ یِہنٛز غربت وُچھتھ ژھینٛی ہی مالہِ واٗنٛج۔ اَمہِ ووٗنُکھ "وٗلو اُژو۔ کاش ئہ ہیکہٕ ہوتو ہہِ کینٛہہ مدد کٔرِتھ مگر مےٚ چھُنہٕ ووٗنی کینٛہہ تہٕ سوالیہ یہ سونہٕ سُنٛد وو کھُل تہٕ کاجہِ ووٹھ۔ ووٗل گوو ئہ دِمو توہہِ یِیے۔ پتہٕ ترٛاوِ بہٕ کرتہٕ مرتھی ستی۔ واے میانہٕ پانہٕ۔ گتھ کرِتھ چھُس ووٗنی زِنٛدٕ؟"

یہ بیچھوٗن تہٕ اُمی ہنٛز کوٗر روٗدی اَتھ راٗژ کاروانہٕ سرایہِ منٛزے مگر نیرنہٕ بڈ وٗنہہ ژٔنس اُمی بٔڈ موٗہنوی یہ دٔلیل:

"اے شہزاٗدی۔ اُسی زِ یِعنے ئہ تہٕ میاٗنی یہ کوٗرِ چھ ہرہمیشہِ یڈٕ ہنٛدِ تاونہٕ پھیران آسان۔ راتھ واٗتی اُسی اَکِس جنگلس منٛز تہٕ اَتہِ وُچھ اَکھ ناگ تہٕ اَمیک صاف تہٕ چنہٕ خاطرٕ مزدار آب وُچھتھ کوٗر اَسہِ راتس اُتھی جایہِ روزنک اِرادٕ۔ اُسی شوٗنٛگی اَتہِ نکھے اَکِس کُلی دورِ منٛز۔ اُسی اُسی ہُشار ے تارکھ گٔنٛزران زِ اَسہِ گو وکنن شور ہیوٗ تہٕ اورکُن نظر دِتھ وُچھ اَسہِ اَکھ بادشاہ پٔنٕن اَکھ بارٕ فوج اَتھ ناگہٕ منٛز کھسان۔ ییٚلہِ اُخری سپاہ ناگہٕ منٛز کھوٚت تہٕ اَمہِ پتہٕ سپُزٕ کھنٛچ تیاٗری۔ کال کھنہٕ بڈ وٗنہہ دِژ بادشاہن

گوڈ قربأنی تہٕ پتہٕ بیٛوٗٹھ سہ تہٕ تٔمۍ سُند سورُے فوج کھیٛنہٕ۔ کھیٛنہٕ پتہٕ ہٕن کھبتھ ژٕتھ بادشاہَس ورأے سأری نفر ناگس منز تہٕ دزاے نہٕ پتہٕ ژٕنی۔ اَتہٕ رٔو دووٕنی صرف بادشاہ یوت تہٕ اَمِس اُس اَتھَن منز اَکھ بتہٕ تھالۍ گیا۔ تہٕ تِتھے سورُے فوج نظرن ژھایہٕ گوو بادشاہَن کوٚر بڑ آلو" بیٚتہٕ چھوا کانٛہہ غریبا؟ یہٕ بوٗزِتھ گے اَسۍ اَمِس بڑ وٕنہہ گُن تہٕ بادشاہن پلنأ واَسہٕ یہ بتہٕ تھالۍ تہٕ وٕنُن "یہ چھےٚ بیقل ہی مالہٕ ہٕندِ ناوٕ پتہٕ وٕتھ سُتہٕ واپس ناگس منز تہٕ بیٚیہٕ اوس سألم کیٛنہہ گوڈنکۍ پأٹھۍ۔"

بیٚتِس کالس یہ ذلیل وَننہٕ آیہٕ تتھ دوران کیاہ حالت اُس ہی مالہٕ تہٕ ہیٚکہٕ نہٕ باونے یِتھ۔ باسان اوس تَس گووشہٕ بند۔ اُچھ ہیٚرٕنس نبر پھٹتھ نیرنہٕ، سأری ہے پانس اوسُس تھرتھرِ ستۍ الہٕ الکہٕ گژھان۔ تس اوسنہٕ تہٕ وَننۍ تگان یہ سومحسوٗس اُس کران تہٕ یِتہٕ اوسُس نہٕ فکرِ تران زِ اَتھ خوٚشی منز کیاہ اُس سو کران تہٕ ونان تلکیاژِتس اوس یہ پوٗرِ پأٹھۍ بہتھ زِیہٕ بارستہٕ بادشاہ اوسنہٕ اَمۍ سِندِس ٹاٹھس نأگ رالِس ورأے بدل کانٛہہ۔ تمہٕ دُیت یہ سونہٕ سُند ووکھل تہٕ کاجہٕ ووٗٹھ اَمِس بُڈ بچھوٕنس تہٕ وٕننس "اے نیک شخصہٕ، یہ شوٗبی ژےٚ۔ مگر مےٚ پیٚٹھ کرتہٕ بیٚیہٕ تہٕ مہربأنی مےٚ ہاوتہٕ سو جاے یِتہٕ ژےٚ یہ عجیب نظارٕ وُچھتھ"۔ اَمۍ بُڈ شخصن ییٚلہٕ یُوٗت قیمتی تحفہٕ اَمِس نِشہٕ رٔوٹ تہٕ سہ اوس شہزادِ خأطرِ کیٛنہہ تہٕ کرنس تیار فورن ووتھ تہٕ دراو اَمِس یہ ناگ ہاونہٕ۔

بیٚمہٕ وِزِ ہی مال تہٕ یم بچھوٕنی اوروأتی اَمہٕ ساعتہٕ اوسَن شام ہیوٚ تمت سپدُن لہٰذا کوٚر یِموأتی رات گزارنک فأصلہٕ۔ بُڈس تہٕ لوکچہ کوریٚیہٕ جلدِ ےننِد رمگر ہی مالہٕ اوس یہ پوٚختہٕ اِرادٕ کوٚر مُت زِ سو روز پوٗرِ رالس یہ وُچھنہٕ خأطرِ ہُشار زِ بادشاہ ما ییہٕ پَنن

فوج ہتھ دُبارٕ اَتھ جایہِ۔ تَس پوٚ نہٕ مایوٗس سَپدُن۔ نصف شبس ہیوٚ یِیلہِ پٔز بتھ لحاظہٕ ژھوپہٕ تہٕ شانتی اُس زِناٗ گر راے تہٕ تمٕی سُنٛد میزبان گووظاہر تہٕ بڑ وٚنٛھی می پاٗٹھی آیہِ اکہِ بَڈٕ ساٗلہِ تیاری کرنہٕ۔ کال کھبنہٕ پَتہٕ گووفوج واپس تہٕ بادشاہ روٗ دأتی یِیلہِ ووٗنی ساٗری ناگس منٛز واپس ؤسِتھ غاٗب سپدی بادشاہَن کوٗر بڑوٚ نٛھی پاٗٹھی آلو ''یِیتہِ چھا کاٗنہہ غریب نفرا؟''

ہی مال وُچھ پٔژن خانہٕ دار گٔنے زوٗن تہٕ اَمہِ شان وشوکت تہٕ تھزرٕ بجرٕ سان اُمس وُچھِتھ ہیچ نہٕ بڑوٚنہہ گُن دَوٚتھلتھ اُکی ہِنٛدس اتھس تھپھ کرنہٕ نِشہِ پَتھ روٗ زِتھ۔ ''میانہِ ٹاٹھہِ ناٗ گر رایہِ۔ بٔہ ہکہ نہٕ ژٕے وراٗے زِنٛدٕ روٗ زِتھ۔ مےٚ دِمعاٗفی۔ مےٚ بَرٕ لول۔ پگہ تہٕ روز ووٗنی دُبارٕ مےٚ ستی'' اَمہِ ووٗنس۔

ناٗ گر راے سَپدٕ یِتھ ہیوٚ وو ہار وُچھِتھ بظاہر حاٗران تہٕ ووٗنس ''بٔہ زانتھ نہٕ ژٕ۔'' ہی مالہ ووٗنس ''ژٕ وُچھ مےٚ گُن۔ ژٕ وُچھِہٕ اُچھ۔ بٔہ چھس ناچاٗنی آشنٕی؟''

ناٗ گر رایس کٔڈ لولن ژھٹھ تہٕ پرزٕ ناٗون یہِ۔ مگر سُہ ہیکہِ نہٕ اُمس ستی روٗ زِتھ تہٕ تمٕی ووٗنس ''میانہِ سَر پھنہٕ آشنہٕ ترٛاون نہٕ مےٚ۔ ژٕ نیرووٗنی کبس بٔہ یِیے رتس کھنٛڈس تاٗنی بیٚیہٕ ژٕے سمکھنہٕ۔''

ہی مالہِ ووٗنس ''نہ۔ تہٕ اَنٛدٕ نہٕ۔ بٔہ ہیکتھ نہٕ ژٕ ترٛاوِتھ۔ ہرگاہ ژٕ مےٚ ستی یکھ تیٚلہِ یِیے بٕے ژٕے ستی۔''

لہٰذا پوٚ ناٗ گر رایس یہِ مانُن مگر سُہ کتھہٕ کٔنٛز نیہِ ہےٚ پٔننہِ اُمس زنانہِ پانس ستی تہٕ اوٚسُس نہٕ سمجھ یِوان۔ یہِ اوس سبٹھے مُشکل معاملہٕ۔ وارِہہ سوٗچِتھ سُرتھ تہٕ کتھ

باتھہِ پتہٕ کوٚر اُمی فاصلہٕ زِیٛہ بناو اُمِس گنہِ پھوٚل تہٕ ٹُلن چندس منٛز تہٕ تتھے کنِ یوت ہیکِہ سُہ ناگس منٛز پننہِ روزن جایہِ اُمِس واتنہٕ وِتھ تہٕ اُمی سٕنٛزن باقے زنانن ہنٛد بو حملو نِشہِ روزِ بچتھ۔

واپس پٔژن گرِ واتتھ آیہِ اُمی سٕنٛز سر پھنہِ آشنہِ تہٕ عیال اُمِس نِش تہٕ کرہَس سلام مگر اُمس توٚر فِکرِ زِ کیاہ تام چھُ گڈ بڑ۔ یمَن پچھے ذہنس منٛز کوسہٕ تانی ترٛہ گتھ۔ یوسہٕ بہٕ مے ییم ونان چھِہ۔ تمی پٕرژھ یمَن زِ ذلیل کیاہ چھے تہٕ ننیاس زِ تمن اُس اُمی سٕندِس جسمس آدمی بوے آمٕژ تہٕ ییمہ کنِ یمَن شک اوس سپُد مُت زِ اُمی چھُ نیبرِ مہِ علاقک کانہہ شخص ناگس منٛز اوٚ نمُت۔ نٲگرایَن وون تمن زِ تہنٛد شک چھُ بلکل صحیح تہٕ بہٕ ہاونو توہہِ سُہ شخص مگر شرط چھُ یہِ زِ توٚہی واتناوِونہٕ اُمِس کانہہ اِذا۔ تمو کوٚر وعدہٕ تہٕ تمی کوٚ ڈیہ گنہِ پھوٚل تمہِ جایہِ ییتہٕ یہِ تمی کھٹتھ اوس تھووُمت تہٕ اُنن ووٗنی سو پننہِ اصلی شکلہِ منٛز۔ ییٚلہِ سَر پھنہِ زنانو یہِ جوان تہٕ خوٗبصورت شہزادہ وُچھ تمن آو اُمی سُنٛد حسد تہٕ اُمی ساعتہٕ کوٚر ییمَو پننہِ نِس دِلس منٛز فاصلہٕ زِیہِ بناوون اُسی سارِنے ہنٛز خدمت گارِنی۔ تمِس یوسہٕ کام مَنٛزِ آیہِ تھاونہٕ سو اُس اَمہِ عیال کھین سبٹھا زیادٕ بچن ہنٛدِ خاطرِ دود کارُن۔ طریقہٕ اوس یہِ زِ ییٚلہِ دود تیار اوس سپدان تہٕ بانن اوس ٹھس ٹھس کرنہٕ یوان۔ یہِ آواز بوٗزِتھ اوس بچن فِکر تران زِ تہنٛدِ خاطرِ سپُد کھین تیار تہٕ اُسی ہی مالہِ نِشہِ واتان۔ مگر ہی مالہِ اوسنہٕ اَمہِ کامہِ ہُنٛد زیادٕ تجربہٕ تہٕ اکہِ دوہہ پیوٚ تمِس چونچہِ ییٚلہِ زن دود دُونہٕ گربکانے اوس۔ سر پھہِ بچن باسیاو زِ سائلم چھُ تیار تہٕ تم دورے ساری سولہِرِ منٛز تہٕ نیوٗکھ یہِ دود چیتھ۔ مگر سر پھہِ چھِنہٕ گرم دود بلکل تہٕ چیتھ ہبکان۔ ییمہِ کنِ ییم

سأری سَر پھٕہ بچہِ موٗدی ۔ یہنزِ ن ماجِن سپُد اَمہِ کِنہِ زبردت دوکھ۔ گری گرِس منٛز ووٗ تھ وَدنِس تہٕ ماتمس ہےُ ۔ یِیلہِ سر پھننِن تنیاو زِتھنٛدی بچہ أسی ہی مالہِ ہنٛزِ غلطیہِ کنہِ موٗدی ہتی تمہِ گےٚ تہٕ مأرِ کھ سوٹوٗ پوٗستی ۔ نأگر رایَن بوٗز جلدٕ ے تہٕ سأبلم یہِ سپُد مُت اوس تہٕ تَس تہٕ گو وئری پیٹھی ماتم۔

اَمہِ پتہٕ کینہہ کأنی بنأوتھمی اَکھ لوٗکٹ چار پاے تہٕ میت اَتھ پیٹھ تھأوِتھ کڈِن یہِ ناگہٕ منٛزٕ تہٕ تھأوِن أکِس گلس پیٹھ۔ پرٛ بتھ دوہہٕ اوس سُہ میتس نظرِ گوٗ ھان تہٕ پتہٕ واپس ناگس منٛز وَسان۔ اکہِ دوہہٕ دڑاواَکھ سبٹھاہ خدادوس شخصا لبأ رکی تہٕ اَتہِ وُچھِن گلی لنجن منٛز یہِ چار پاے۔ سُہ کھوٚت گلس پیٹھ یہِ زانہٕ خأطرٕ زِیہِ کیاہ چھُ تہٕ اَتہِ وُچھِن اَتھ پیٹھ اَکھ سبٹھےٚ خوبصورت زنانہٕ درازدِتھ۔ تمی مُرأو یہِ (چار پاے) تہٕ وأجِن بوٚن۔ یہِ جوان (زنانہٕ ہنٛز) خوبصورت لاش وُچھِتھ گوو أمِس زرٕ زرٕ تہٕ کوٚرن ناراینس دُعا زِ أمِس بخش تہٕ واپس زندگی أمی سُند دُعا گوو قبوٗل۔ ہی مال گٔیہِ دُبارٕ زِنٛدٕ تہٕ گٔیہِ أمی ہےٚ خدادوستس ہتی أمی سُند گرٕ۔

یِیلہِ نأگر راے بیٚیہِ پھِرِ اَتھ گلِس نِش گوو تہٕ أمی وُچھ لاش تہٕ چار پاے اَتہِ نَمرٕ تہٕ گوس ماتم "یہِ لاش نیا کأنسہِ شخصَن؟ کِنہٕ ہی مال گٔیہِ دُبارٕ زِنٛدٕ تہٕ ژھ وَنِس بُہ" سُہ لوگ سوچنہِ تہٕ تمی لأج فوٗرَن سوٗژھانڈٕ نی ۔سُہ گوو پرٛ بتھ جایہِ أمِس ژھانڈنہٕ خأطرٕ یوٚت تانی سُہ اَخرس پیٹھ خدادوست سُند گرِ ووت تہٕ اَتہِ آلو دِتُن۔ ہی مال اَس اَمہِ ساعتہٕ شوٗنگتھ لہٰذا ابنوو تمی پانس سَرُ پھ تہٕ لوٚت پأٹھی چار پایہِ پیٹھ وأتھ گرِن پانس أر۔ یِیلہِ یم دونوٚے یکجا یتھہِ پأٹھی بسترس پیٹھ اَسی تہٕ أمِس خدادوستہٕ سُند نٛچو ژاو

گمرس منز۔ اُمس لڑکس اُس ہی مالہِ ہنٛز زبردست مالے تہٕ ووٚمیداٗ ءِسس زِٕبہ گرٕ اُمی ہے ءِستی کھاندر۔ ییٚلہِ اُمی پننہِ لولرِ نشہِ چارپایہِ پیٹھ سَرٕ پھاٗرکرِتھ وُچھ سُہ کھوٗ ژزِ اُمی ما اُمس ٹوٗپھ دِژہٕ مژ۔ تُمی کوٚڈ ؤلی ؤلی شرا کہٕ پَچ تہٕ گرِن سَرٕ پھس زٹکرٕ۔ اَمہِ شورٕ ءِستی گییہِ ہی مال ہُشارٕ "افسوس! یہِ کیاہ کوٚرُتھ ژےٚ؟ تمہِ دِژ کرٕ بکھ۔ ژے مورتھن مےٚ خانہٕ دار۔ میوٚن ٹوٗٹھ ناٗ گر راے چھُنہٕ ووٚنی زِنٛدٕ" اَمہِ دوہہٕ شامس آیہِ لاش ژندن زِنٛی رکس ڈیٚرِس پیٹھ زالنہٕ تہٕ تمن دوہن ہِنٛدِ رسمہٕ مطابق پیٹھ ہی مال تہٕ لاشہِ ءِستی ژبتایہِ پیٹھ تہٕ آوٚس تہٕ داہ دِنہٕ۔

یہِ خدا دوست گوو یہِ دوکھہٕ ہوٚت نظارٕ وُچھتھ زبردست مغموٗم۔ سُہ گوو ژبتایہِ ہنٛزِ جایہِ تہٕ سوٚمبراوِن دوٗن لاشن ہنٛزٕ اُسرٕ کھ تہٕ تھاوِن یمہٕ پانس بڑ وٕنہ گنہٕ تہٕ اوس دوہس راتس باکہٕ ژھٹان تہٕ اوسُس نہٕ قرارٕ یوان۔ سبٹھا خوش قسمتی کِنہ اوس شِوتہٕ تسنز آشنٕی پاروتی دوٗن جاناوارن ہنٛدِس روٗپس پیٹھ تمہِ گُلہِ چہِ اَرکس لنٛجہِ پیٹھ بہِتھ یتھ تلہِ گنہِ یہِ بزرگ بہتھ اوس۔ یمو بوزِ اُمس بزرگہٕ سنٛزٕ کریکہٕ تہٕ کوٚرُکھ اُمس مدد کرنُک فاٗصلہٕ۔ شِوَن وونن پننہِ آشنہِ "وُچھ تیمس رِتس انسانہٕ سُندٕ غم۔ کاش اُمس یمَن اُسرکن ہنٛدِ طاقتُک پتاہ لگہِ ہے۔ یمہٕ آسہٕ صرف ناگس منٛز تراونہٕ تہٕ یمہٕ دوٗنوٕے گژھہٕ ہَن دُبارٕ زِنٛدٕ۔" خدادوستن بوٗز جاناوارن ہُنٛد یہِ وَنُن تہٕ فورَن ووٗتھ تہٕ ترٛاوِن یمہٕ اُسرکہٕ ناگس منٛز۔ یتھے اُمی یہِ کوٚرِ یتھے گے ہی مال تہٕ ناٗگر راے دُبارٕ ظاٗہر تہٕ زِنٛدٕ۔ بیٚنہٕ تِتھی ٹھیک تہٕ تتھی خوٗبصورت۔

اَمہِ پتہٕ اوس سارِٕی عالم خوشحاٗلی تہٕ امنہٕ سان۔ یم اُسی ناگس نکھے اَرکس لوکٹس

مکانس منز روزان تہٕ یہٕ خدادوس تہٕ اوس یمہٕ ستی روزان۔ أمی ہنزٕ ہمدردیہٕ ہنٛدِ شُکرانہٕ تہٕ أمی ہنٛدِ رٕژرٕ کہِ احترامہٕ کنہِ دِیُت نہٕ یمو أمس أتہٕ نیرنہٕ بلکہٕ رٕوٗدِس برابر تتھ دوٚہس تانی حبہٕ سان وُچھان واشان یوٚت تانی سُہ یٚیمہٕ عالمہٕ گوو تہٕ تمن اوس أمہٕ باپتھ سبٹھا دعایہٕ خاأرمیلان۔

(راوی: پنڈت شورام۔ بانہٕ محلہٕ سرینگر)



# FOLK TALES OF KASHMIR

by

**J. Hinton Knowles**

translated into Kashmiri by

**Prof. Bashar Bashir**

Editor

**Jawaid Iqbal**

Assistant Editor

**Dr. Gulzar Ahmad Rather**




**Jammu & Kashmir Academy of Art, Culture and Languages, Srinagar**